إِنَّا نَحْنُ نَزَّلْنَا ٱلذِّكْرَ وَإِنَّا لَهُۥ لَحَٰفِظُونَ




إِنَّهُۥ لَقُرْءَانٌ كَرِيمٌ فِى كِتَٰبٍ مَّكْنُونٍ لَّا يَمَسُّهُۥٓ إِلَّا ٱلْمُطَهَّرُونَ تَنزِيلٌ مِّن رَّبِّ ٱلْعَٰلَمِينَ



تشرف بالأمر بطباعة هذا المصحف الشريف وترجمة معانيه
خادم الحرمين الشريفين الملك فهد بن عبد العزيز آل سعود
ملك المملكة العربية السعودية




مجمع الملك فهد لطباعة المصحف الشريف



# قرآن مجید

تہ

## تمیُک کاشُر تفسیر

مجمع شاہ فہد برائے طباعت قرآن مجید

هٰذَا الْمُصْحَفُ الشَّرِيفُ وَتَرْجَمَةُ مَعَانِيهِ

هَدِيَّةٌ مِنْ خَادِمِ الْحَرَمَيْنِ الشَّرِيفَيْنِ الْمَلِكِ فَهْدِ بْنِ عَبْدِ الْعَزِيزِ آلِ سُعُودٍ



یہ قرآن مجید تہٕ اکھ تفسیر چھ خادم الحرمین الشریفین شاہ فہد بن عبدالعزیز آل سعود سندہ طرفہٕ اکھ ہدیہ

# قرآن مجید

# تہ

# تمُک کاشُر تفسیر

مجمع شاہ فہد برائے طباعت قرآن مجید
مدینہ منورہ مملکت سعودی عرب

بسم الله الرحمن الرحيم

# مقدمة

بقلم معالي الدكتور : عبد الله بن عبد المحسن التركي
وزير الشؤون الإسلامية والأوقاف والدعوة والإرشاد
المشرف العام على المجمع

الحمد لله رب العالمين ، القائل في كتابه الكريم :

﴿ قَدْ جَآءَكُم مِّنَ ٱللَّهِ نُورٌ وَكِتَٰبٌ مُّبِينٌ ﴾

والصلاة والسلام على أشرف الأنبياء والمرسلين ، نبينا محمد ، القائل :
«خيركُم مَنْ تعلَّم القرآن وعلَّمه» .

أما بعد :

فإنفاذاً لتوجيهات خادم الحرمين الشريفين الملك فهد بن عبد العزيز آل سعود ، حفظه الله ، بالعناية بكتاب الله ، والعمل على تيسير نشره ، وتوزيعه بين المسلمين ، في مشارق الأرض ومغاربها ، وتفسيره ، وترجمة معانيه إلى مختلف لغات العالم .

وإيماناً من وزارة الشؤون الإسلامية والأوقاف والدعوة والإرشاد بالمملكة العربية السعودية ، بأهمية ترجمة معاني القرآن الكريم ، إلى جميع لغات العالم المهمة ، تسهيلاً لفهمه على المسلمين الناطقين بغير العربية ، وتحقيقاً للبلاغ المأمور به في قوله صلى الله عليه وسلم «بلّغوا عني ولو آية» .

وخدمةً لإخواننا الناطقين باللغة الكشميرية ، يطيب لمجمع الملك فهد لطباعة المصحف الشريف بالمدينة المنورة ، أن يقدم للقارئ الكريم هذه الترجمة الكشميرية ، التي قام بها الشيخ ميرواعظ محمد يوسف شاه ، رحمه الله ، وراجعها من قبل المجمع الشيخ عبداللطيف شيخ عبدالرشيد ، والشيخ عبداللطيف غلام الكشميري .

ونحمد الله سبحانه وتعالى ، أن وفق لإنجاز هذا العمل العظيم ، الذي نرجو أن يكون خالصاً لوجهه الكريم ، وأن ينفع به المسلمين .

إننا لندرك أن ترجمة معاني القرآن الكريم -مهما بلغت دقتها- فإنها ستكون قاصرة عن أداء المعاني العظيمة التي يحويها النص القرآني المعجز ، وأن المعاني التي تؤديها الترجمة إنما هي حصيلة ما بلغه علم المترجم في فهم كتاب الله الكريم ، وأنه يعتريها ما يعتري عمل البشر كلّه من خطإ ونقص .

ومن ثَمَّ نرجو من كل قارئ لهذه الترجمة أن يوافي مجمع الملك فهد لطباعة المصحف الشريف بالمدينة النبوية ، بما قد يجده فيها من خطإ ، أو نقص أو زيادة ، للاستفادة من هذه الملاحظات في الطبعات القادمة إن شاء الله .

والله الموفق ، وهو الهادي إلى سواء السبيل .

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

## مقدمہ

بقلم جناب عزت مآب ڈاکٹر عبداللہ بن عبدالمحسن الترکی وزیر برائے مذہبی امور، اوقاف، دعوت تہٕ ارشادتہٕ نگران اعلیٰ مجمع

ساری تعریف شوبن اللہ تعالیٰ اس، یُس کائناتک رب چھُ، یم ذاتن پنہٕ پاک کتاب (قرآن مجیدس) منز فرموو: "توہہِ ووت اللہ تعالیٰ سندِ طرفہٕ نورتہٕ واضح کتاب۔"

ہیہٕ اَکِن درود تہٕ سلام بر ذاتِ مقدس جناب محمد صلی اللہ علیہ وسلم، یم سارنی پیغمبرن تہٕ مرسلینن کھوتہٕ افضل تہٕ برتر چھہ، یُہندارشادگرامی چھُہ، "توہہ منز چھہ بہتر سوانسان یم قرآن مجید زون تہٕ بیہ لوکھ زانراوِن"۔

اَمابعد!

خادم الحرمین الشریفین شاہ فہد بن عبدالعزیز آل سعود حفظ اللہ سند تعلیمات چھہ کہ قرآن شریفچ خدمت، نشرواشاعت روٗئے زمینکین، مشرقہ تہٕ مغربہ کین مسلمانن منز اَمچ تقسیم، تہٕ اَمچ تفسیر تہٕ دنیاہٕچن مختلف زبانن منز گژھہ اَمک ترجمہ ہُن کرنہٕ۔

ییہ چھہ مملکت سعودی عربچ وزارت برائے مذہبی امور، اوقاف، دعوت تہٕ ارشاد یم کتھ ہند یقین تھاوان کہ قران مجید کین معانین ہند دنیاہٕچن مختلف زبانن منز ترجمہ کرن کوتاہ اہم چھہ، تاکہ تمن مسلمانن پیٹھہ سپدہ قرآنک فہم آسان یم عربی زبان چھنہ ہیکان بولتھ، بیہ ہیکہ نہٕ تبلیغ حاصل سپد تھ یمبوک حکم نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلمن ہندس یتھ ارشادپاکس منز چھہ آمت دنہٕ "بلغوا عنی ولو آیۃ" میانہٕ طرفہٕ واتناوِ لوکن تام سوآسِتن اکی آیہ"

شاہ فہد سند مجمع برائے طباعت قران شریف یُس مدینہ منورس منز چھُ، تتھ چھہ پنہٕ نین کاشر زبان بولن والین باپتھ ہندہٕ خیطرہٕ قران مجیدک یہ کاشر ترجمہ پیش کرنہٕ سیتھ خوشی سپدان۔

یہ ترجمہ چھُہ جناب میر واعظ محمد یوسف شاہ صبین کورمُت، تہٕ اَتھ چھہ مجمعہ طرفہٕ نظرثانی جناب عبداللطیف شیخ عبدالرشید صبین تہٕ جناب عبداللطیف غلام کشمیری صبین کرمژ۔

اَسِ چھہ اللہ تعالیٰ سند سیٹھاہ تعریف کران کہ تم دِژ اَسہِ یہ عظیم کام مکمل کرنچ توفیق۔ اَتھ منز چھ اَسِ یہ امُید تھاوان کہ یہ آسہ خالص رب کریم سندِہ رضاخیطرہ، ییہ چھہ یہ امید کہ اَمہ سیت واتہِ مسلمانن فائدہ۔

اَسہ چھُہ یمہ کتھ ہند احساس کہ ترجمہ قران کرنس منز کاژاہ تہٕ دقت ییہ تن مدِ نظر تھاونہٕ، تو تہٕ چھو آسان سوترجمہ تمن عظیم معانین ہنز ادائیگی نشہِ قاصر، یمن پیٹھ قرآن کریمک معجزانہ آیات کریمہ چھ شامل آسان، ییہ یمن معانین یہ ترجمہ چھہ ظاہر کران، یہ چھُو کتاب اللہ کس فہمس منز مترجم سند مبلغِ علمک نتیجہ، اَتھ ترجمس منز تہٕ ہیکہ کانہہ غلطی، نقص پیش یتھ، یس غلطی بشرہ سنزکنہ تہٕ کامہ منز چھ پیش یوان۔

لہذا چھہ اَسِ پریتھ تمس شخص نشہ یہ امید تھاوان یُس یہ ترجمہ پرہ کہ اگر سو یتھ ترجمس منز کانہہ غلطی نقص یا زیادتی لبہ، تمس پزہ مجمع الملک فہد برائے طباعت قران شریف مدینہ منورس اَمچ خبر دِن، تاکہ انہ والین ایڈیشن منز ییہ یمن ملاحظاتن نشہ استفادہ کرنہٕ۔ ان شاء اللہ

اللہ تعالیٰ چھُہ توفیق دنہ وول، یہ چھُہ سوی سینز و تھ ہاون وول۔

# سُوْرَةُ الْفَاتِحَةِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ۝١

اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ۝٢ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ۝٣ مٰلِكِ يَوْمِ الدِّيْنِ ۝٤ اِيَّاكَ نَعْبُدُ
وَاِيَّاكَ نَسْتَعِيْنُ ۝٥ اِهْدِنَا الصِّرَاطَ الْمُسْتَقِيْمَ ۝٦ صِرَاطَ الَّذِيْنَ اَنْعَمْتَ عَلَيْهِمْ
غَيْرِ الْمَغْضُوْبِ عَلَيْهِمْ وَلَا الضَّآلِّيْنَ ۝٧

---

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ گوڈ چھس بو کران خدایہ سندِ ناوہ سیت یُس سیٹھاہ رحم کرہ وُن چھُ۔ یُس سیٹھاہ مہربان چھُ۔

اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ ساری تعریف تہ مدح تہ ثناپزن تس ذاتِ پاکس یُسند ناو چھُ اللہ۔ کیازِہ پرتھ چیزا تہ پرتھ نعمتھاہ پیدہ کرہ وُن تہ چھُ سُوی عطا کرہ وُن تہِ چھُ سُوی۔ لہذا شوبن حمد و ثنا تِس بُوت۔ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ یُس مالِک تہ پرورش کرہ وُن چھُ ساری عالمن ہُند۔ مخلوقاتن ہُند اکھ اکھ جنس چھُ گنزرنہ یِوان اکھ اکھ عالم۔ مثلاً عالمِ ملایکہ۔ عالمِ انسان۔ عالمِ جن۔ عالمِ جمادات۔ عالمِ نباتات۔ عالمِ وحوش و طیور۔ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ یُس سارنی رحم کرہ وُن چھُ دُنیاہس اندر۔ یُس پنن رحمت جاری تھاوہ وُن چھُ بایمانن پیٹھ آخرتس اندر مٰلِكِ يَوْمِ الدِّيْنِ یُس مالِک تہ اختیار رہ وول چھُ جزاءکہ دُہک جزاءک دُوہ گو قیامتُک دُوہ۔ یمہِ دوہہ رٹن پنہ نین عملن ہُند بدلہ۔ یمہِ پتھ کورمُت آسہ سُو تُلہِ تیُوتُے پھل اِيَّاكَ نَعْبُدُ وَاِيَّاكَ نَسْتَعِيْنُ چانی پاڑ چھِ اَسِ بندگی تہ پرستش کران بیہ نہ کانسہ ہنز بیہ چھِ اَس ژی بُوت یاری تہ مدد منگان بیہ نہ کانسہِ۔ یہ چھُ بندن ہندِ طرفہ خدایہ سندِ دربارس اندر اِلتجا۔ یہ پتھِ ناو اللہ تعالیٰ اَن پنن بندہ تہندِس دربارس اندر رٹتھ پاٹھِ گژھ حاضر سپدن۔ کتھ پاٹھِ گژھ سوال کرُن۔ اِهْدِنَا الصِّرَاطَ الْمُسْتَقِيْمَ بیہ ہاوُاسہِ سیز وتھ دِیتچ۔ صِرَاطَ الَّذِيْنَ اَنْعَمْتَ عَلَيْهِمْ وتھ تمن لُوکن ہنز تمن ژیہ نعمتھ عطا کریتھ یعنی نبوتچ نعمت رسالتچ نعمت۔ صدیقیتچ نعمت بیہ شہادتچ نعمت صلاحیتچ نعمت غَيْرِ الْمَغْضُوْبِ عَلَيْهِمْ وَلَا الضَّآلِّيْنَ تہنزِ وتھ نہ تمن پیٹھ چانِ ژکھ چھُ۔ تمن پیٹھ ژہ بیزار چھُکھ تہنزِ ہ نافرمانی سببہ۔ بیہ نہ تہنزِ وتھ تمِ گمراہ سپد، وتہ لشہِ ڈلِ۔ تمِ گے یہود و نصاریٰ بیہ ساری باطل فرقہ تمِ افراط و تفریطس منز مُبتلا سپد

## سُوْرَةُ الْبَقَرَةِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ

الٓمّٓ ۚ﴿۱﴾ ذٰلِكَ الْكِتٰبُ لَا رَيْبَ ۛۚ فِيْهِ ۚۛ هُدًى لِّلْمُتَّقِيْنَ ۙ﴿۲﴾ الَّذِيْنَ يُؤْمِنُوْنَ
بِالْغَيْبِ وَ يُقِيْمُوْنَ الصَّلٰوةَ وَمِمَّا رَزَقْنٰهُمْ يُنْفِقُوْنَ ۙ﴿۳﴾ وَالَّذِيْنَ يُؤْمِنُوْنَ
بِمَآ اُنْزِلَ اِلَيْكَ وَمَآ اُنْزِلَ مِنْ قَبْلِكَ ۚ وَبِالْاٰخِرَةِ هُمْ يُوْقِنُوْنَ ؕ﴿۴﴾

سورۂ بقرہ چھو مدنی زہ ہت تہ شیہ شیتھ آیہ کریمہ

الٓمّٓ یم گے حروف مقطعات یمن ہُند معنی زانہٕ پانہ پروردگار ذٰلِكَ الْكِتٰبُ یہ بند کتاب یعنی قرآن مجید یُس چھو لَا رَيْبَ فِيْهِ کانہہ شک چھونہ اتھ اندر۔ امکس کلام الٰہی آسنس اندر هُدًى لِّلْمُتَّقِيْنَ یہ چھو بوڈ ہدایت خدایس کھوژہ ونِ ہندہِ خیطرہ۔ الَّذِيْنَ يُؤْمِنُوْنَ بِالْغَيْبِ تم خدایس کھوژہ ون بندہ گے تمے یم پژھہ تہ یقین چھہِ کران تمن چیزن یم نہ تمو وچھمتی چھہِ۔ یعنی یم چیز تمندیو حواسو تہ عقلہِ نشہِ پوٗشیدہ چھہِ۔ صرف چھہِ خداو پیغمبر خدایہ سندہِ فرماونہ سیت تمن چیزن پژھہ کران تہ تمن صحیح تہ درست مانان۔ تم چیز گے خدا۔ ملائک۔ قیامت۔ جنت تہ جہنم۔ یعنی یم لوکھ خدایس کھوژان چھہِ تمن چھو یہ قرآن مجید وتھ ہاوان۔ کیا زہ یُس اکھاہ پنہ نِس خدایس کھوژان آسہِ تس پھہ فکر تہ تلاش آسان تمن کامین ہنز یمہ کامہِ خدایس پسند پتھہ۔ بیہ یمن کامین پیٹھہ سُہ بیزار چھو تمن پیٹھ فکر آسان خدای سنز طاعت کرہ نچ۔ تہند ہ معصیت و نافرمانی نشہِ پتھہ روزہ نچ۔ یمن نافرمانن ہندن دلن اندر خدایہ سُند خوف آسہِ نہ تمن چھونہ طاعت و معصیتک کہنیہ اندیشہ تہ فکر۔ امہ اندرہ پد معلوم تم لوکھ یمن پوٗشیدہ چیزن پژھہ آسن نہ کران تم چھہِ ہدایہ نشہ محروم وَ يُقِيْمُوْنَ الصَّلٰوةَ بیہ گے خدایس کھوژہ ونِ تم لوکھ یم برپا تہ قائم چھہِ تھوان ہمیشہ نمازہ پانژہ۔ تمہ کیو حقو تہ شرطو تہ آدابو سان۔ وقتچہ پابندی سان وَمِمَّا رَزَقْنٰهُمْ يُنْفِقُوْنَ بیہ گے خدایس کھوژہ ون تم لوکھ تم یم مالہ اندرہ یُس اسی تمن عطا کورمت چھو آسن خرچ کران۔ اہل و عیالس تہ آشناون تہ ہمساین تہ مستحقن پیٹھہ۔ وَالَّذِيْنَ يُؤْمِنُوْنَ بِمَآ اُنْزِلَ اِلَيْكَ وَمَآ اُنْزِلَ مِنْ قَبْلِكَ بیہ گے خدایس کھوژہ ون تے لوکھ تم

أُولَٰٓئِكَ عَلَىٰ هُدًى مِّن رَّبِّهِمْ ۖ وَأُولَٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُونَ ۵
إِنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا سَوَآءٌ عَلَيْهِمْ ءَأَنذَرْتَهُمْ أَمْ لَمْ تُنذِرْهُمْ
لَا يُؤْمِنُونَ ۶ خَتَمَ اللَّهُ عَلَىٰ قُلُوبِهِمْ وَعَلَىٰ سَمْعِهِمْ ۖ وَعَلَىٰٓ
أَبْصَٰرِهِمْ غِشَٰوَةٌ ۖ وَلَهُمْ عَذَابٌ عَظِيمٌ ۷ وَمِنَ النَّاسِ
مَن يَقُولُ ءَامَنَّا بِاللَّهِ وَبِالْيَوْمِ الْءَاخِرِ وَمَا هُم بِمُؤْمِنِينَ ۸

---

پژھ چھِ کران تتھ کتابہ یوسہ توہہ کُن نازِل آیہ کرنہ۔ بیہ تمن کتابن پیٹھ یمہ توہہ برونٹھ نازِل آیہ کرنہ برونٹھمن پیغمبرن پیٹھ۔ ایمان چھ وَنان پوزگنزرنس۔ یمہ کتابہ اللہ تعالیٰ ان حضراتِ مُرسلین پیٹھ نازِل کرِہ مژہ چھےٚ۔ توریت وانجیل وزبور وصحف تمہ سارے کتابہ چھےٚ پزہ۔ تمن کتابن ہنز پژھ آسن چھےٚ شرطِ ایمان۔ پتھ روز عمل کرن سو چھہ صرف قرآنِ مجیدس پیٹھ کرن۔ کیازہ تمہِ سارے کتابہ چھےٚ قرآنِ مجیدہ سیت منسوخ تہٕ ناقابلِ عمل قرار دنہ آمژہ۔ وَبِالْاٰخِرَةِ هُمْ يُوْقِنُوْنَ بیہ تِمہِ آخرتس تہِ چھہِ پور پژھ کران۔ یہ دُنیا چھُو ختم گژھون۔ امہِ پتہٕ چھُو بیاکھ عالماہ۔ یتھ عالمس آخرت وَنان چھہِ۔ تتھ عالمس اندر کرہ اللہ تعالیٰ بدکارن، نافرمانن عذابس تہٕ سزائس گرفتار۔ تتھ عالمس اندر ائیہ باایمانن جنت تہٕ جلتچہ نعمژ عطا کرنہ۔ اُولٰٓئِكَ عَلٰى هُدًى مِّنْ رَّبِّهِمْ تیٚمہِ لوک چھ پننِس پروردگار سنزِ ہتھ وتہِ پیٹھ یوسہ تمن تہندہ طرفہ ہاونہ آیہ وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُوْنَ بیہ چھہِ تیٚمہِ لوکھ رستگار تہٕ کامیاب (تِمہِ ژور آیہ کریمہ چھہِ باایمانن ہندِس مدحس اندر بیان کرنہ آمت) یِمو زیوہِ سیت تہٕ دلہ سیت قرآن مجیدس تہٕ دینِ اسلامس ایمان اون۔ امہ پتہٕ چھُو بیان تمن لوکن ہُند یِمو بدل وزبان انکار کور اِنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا بےشک یِمو لوکو انکار کور سَوَآءٌ عَلَيْهِمْ برابری چھُو یِہندِ خیطرہ ءَاَنْذَرْتَهُمْ اَمْ لَمْ تُنْذِرْهُمْ لَا يُؤْمِنُوْنَ توہہِ کرو یِمن بیم یا نہ کریو کھ تِمہِ زانہہ ایمان انن نہ کیازہ خَتَمَ اللّٰهُ عَلٰى قُلُوْبِهِمْ وَعَلٰى سَمْعِهِمْ خدائن چھےٚ مُہر کرمژ یِہندین دِلن یِہندین کنن پیٹھ وَعَلٰٓى اَبْصَارِهِمْ غِشَاوَةٌ بیہ چھُو تہنزن اچھن پیٹھ ٹھور تمہ کنِ چھنہ پزہ کتھ تِمن فکرِہ تران۔ وَّلَهُمْ عَذَابٌ عَظِيْمٌ

يُخٰدِعُوْنَ اللّٰهَ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا ۚ وَمَا يَخْدَعُوْنَ اِلَّآ اَنْفُسَهُمْ
وَمَا يَشْعُرُوْنَ ﴿۹﴾ فِىْ قُلُوْبِهِمْ مَّرَضٌ ۙ فَزَادَهُمُ اللّٰهُ مَرَضًا ۚ
وَلَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ۢ ۙ بِمَا كَانُوْا يَكْذِبُوْنَ ﴿۱۰﴾ وَاِذَا قِيْلَ
لَهُمْ لَا تُفْسِدُوْا فِى الْاَرْضِ ۙ قَالُوْٓا اِنَّمَا نَحْنُ مُصْلِحُوْنَ ﴿۱۱﴾
اَلَآ اِنَّهُمْ هُمُ الْمُفْسِدُوْنَ وَلٰكِنْ لَّا يَشْعُرُوْنَ ﴿۱۲﴾ وَاِذَا

---

تهندِ خيطره ڇهو بوڏ عذاب. سُوگو نار جهنم. امه پٽه ڇهو الله تعالےٰ فرماوان تروواه آيات كريمه منافقن هندِس نذقس اندر يمن هُندْ ظاهر اكه آسهِ باطن بياكه. تمن هنز زيواكه آسه دل بياكه. كيازه تمن هُند شر ڇهو سيٺهاه زياده ٻين هندِ خوته وَمِنَ النَّاسِ مَنْ يَّقُوْلُ اٰمَنَّا بِاللّٰهِ وَبِالْيَوْمِ الْاٰخِرِ بيه ڇهِ كينهه لوكه يم زيوِ سيت ونان ڇهِ آسهِ كرپڙه خداليس بيه پتمس دوهس يعني قيامتس وَمَا هُمْ بِمُؤْمِنِيْنَ حالانكه هرگز ڇهنه تم پڙه كرهون دله سيت خداليس نه قيامتس دوهس يُخٰدِعُوْنَ اللّٰهَ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا پننهِ خياله ڇهِ تمِ دهوكه بازى كران خداليس ته باايمانن سيت وَمَا يَخْدَعُوْنَ اِلَّآ اَنْفُسَهُمْ وَمَا يَشْعُرُوْنَ ليكن در حقيقت ڇهنه تمِ دهوكه دوان مگر پان پانس. مگر باسان ته ڙينان ڇهنه تم. اميك شعور ڇهنه تمن فِىْ قُلُوْبِهِمْ مَّرَضٌ فَزَادَهُمُ اللّٰهُ مَرَضًا تهندن دِلن اندر ڇهو ہڏ مرض. نفاقك مرض. دين اسلامه نشه نفرتك مرض حسدك مرض بيه عنادك مرض. تم مرض آسِ تمن برونٺهي. دون سپد قرآن مجيد نازِل. اِسلامس ديت الله تعالىٰ ان عزت و شوكت. بيه سپز روز بروز اهلِ اسلامن ترقى. تمِ چيزو ڇهِته سپز تهندِس مرضس اندر زيادتى. پس كركه الله تعالىٰ ان زيادتى تهٖ مرضس اندر وَلَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ بيه ڇهو تهندوى خيطره آخرتس اندر دُڏر عذاب بِمَا كَانُوْا يَكْذِبُوْنَ اى موكه كه تمِ آسِ اپزونان. بلِ ونان آمنا بالله. وَاِذَا قِيْلَ لَهُمْ لَا تُفْسِدُوْا فِى الْاَرْضِ يلهِ دنه ڇهو يوان تمن فسادمه تليو منافقت ته نافرمانى كرنه سيت قَالُوْٓا دپان ڇهِ تم كهِ اِنَّمَا نَحْنُ مُصْلِحُوْنَ اس ڇهنه مگر معاملاتن سنبالهونِ ته اِصلاح كرهونِ يتهه حالات درست گڇهن. الله تعالىٰ ڇهو فرماوان اَلَآ اِنَّهُمْ

قِيلَ لَهُمْ اٰمِنُوْا كَمَآ اٰمَنَ النَّاسُ قَالُوْٓا اَنُؤْمِنُ كَمَآ اٰمَنَ
السُّفَهَآءُ ۭ اَلَآ اِنَّهُمْ هُمُ السُّفَهَآءُ وَلٰكِنْ لَّا يَعْلَمُوْنَ ١٣
وَاِذَا لَقُوا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا قَالُوْٓا اٰمَنَّا ۚۖ وَاِذَا خَلَوْا اِلٰى
شَيٰطِيْنِهِمْ ۙ قَالُوْٓا اِنَّا مَعَكُمْ ۙ اِنَّمَا نَحْنُ مُسْتَهْزِءُوْنَ ١٤
اَللّٰهُ يَسْتَهْزِئُ بِهِمْ وَيَمُدُّهُمْ فِيْ طُغْيَانِهِمْ يَعْمَهُوْنَ ١٥

---

هُمُ الْمُفْسِدُوْنَ وارہ بوزِوای بوزونیو تے چھہِ فی الحقیقت تباہی تہ فساد کرہ ون۔ وَلٰكِنْ لَّا يَشْعُرُوْنَ لیکن تِمن چھُنہٕ تمیک شعور۔ وَاِذَا قِيْلَ لَهُمْ اٰمِنُوْا كَمَآ اٰمَنَ النَّاسُ یتھے پاٹھ یلہ وننہ چھُہو یوان تِمن مُنافقن ایمان انِو۔ پڑھ کرِو خداو پیغمبر خدایس تتھ پاٹھ یتھہ پاٹھ ساروی لوکو ایمان اُون تہ پڑھ کر قَالُوْٓا اَنُؤْمِنُ كَمَآ اٰمَنَ السُّفَهَآءُ دپنہ چھہ لگان کہ کیاہ اسِ انوہ ایمان تتھ پاٹھ یتھہ پاٹھ یمو بے عقلو ایمان اون۔ اللہ تعالیٰ چھُہو فرماوان اَلَآ اِنَّهُمْ هُمُ السُّفَهَآءُ وَلٰكِنْ لَّا يَعْلَمُوْنَ خبردار روزِو وارہ بُوزِوای بوزہ دیٖو۔ پزِپاٹھ تیمے چھہِ فی الحقیقت بے عقل تہ بے وقوف۔ مگر تِمن چھُنہ پنُن بے وقوفی زانن تگان وَاِذَا لَقُوا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا قَالُوْٓا اٰمَنَّا بیہ یلہِ یِم منافق چھہ سمکھان، ملاقات کران باایمانن سیت تِمن چھہِ ونان بِل زیوہِ سیت اَسہِ اُون ایمان۔ وَاِذَا خَلَوْا اِلٰى شَيٰطِيْنِهِمْ قَالُوْٓا اِنَّا مَعَكُمْ تمہِ پتہ یلہِ واتان چھہِ خلوتس اندر پنہ نین شیطانن نشِ یعنی پنہ نین شریر سرداران تہ زیٹھن نشِ تِمن چھہِ وانان بیشک اس چھہِ تۄہی سیت دلہ کنِ اِنَّمَا نَحْنُ مُسْتَهْزِءُوْنَ اس چھنہِ مگر باایمانن آمناوننہ سیت اکھ ٹھٹھاہ تہ مخولاہ کران۔ اللہ تعالیٰ چھُہو فرماوان اَللّٰهُ يَسْتَهْزِئُ بِهِمْ وَيَمُدُّهُمْ فِيْ طُغْيَانِهِمْ يَعْمَهُوْنَ اللہ تعالیٰ تہِ چھُہو تِمن ٹھٹھہ کرانِ۔ تہِ گوای زِہ ڈجر چھکہ تراوان۔ مُہلت چھُکہ دوان تِم چھہ پننہِ سرکشی اَندرا نیین ہند پاٹھ تھپہ دِوان۔ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ اشْتَرَوُا الضَّلٰلَةَ بِالْهُدٰى یِم گے تیمے یِمو مُلِ ہیژ گمراہی ہداتس۔ فَمَا رَبِحَتْ تِّجَارَتُهُمْ وَمَا كَانُوْا مُهْتَدِيْنَ پس کانہہ نفع تہ فائدہ دیت نہ تہند تجارتن۔ بیہ آسِ نہ تِم ۄتھ لبہ ونِ۔ پزِس کُن آیہ نہ تِمن کانہہ اتھاہ وتھاہ۔ مَثَلُهُمْ كَمَثَلِ الَّذِى اسْتَوْقَدَ نَارًا

أُولَٰئِكَ الَّذِينَ اشْتَرَوُا الضَّلَالَةَ بِالْهُدَىٰ فَمَا رَبِحَت تِّجَارَتُهُمْ
وَمَا كَانُوا مُهْتَدِينَ ﴿١٦﴾ مَثَلُهُمْ كَمَثَلِ الَّذِي اسْتَوْقَدَ نَارًا
فَلَمَّا أَضَاءَتْ مَا حَوْلَهُ ذَهَبَ اللَّهُ بِنُورِهِمْ وَتَرَكَهُمْ فِي
ظُلُمَاتٍ لَّا يُبْصِرُونَ ﴿١٧﴾ صُمٌّ بُكْمٌ عُمْيٌ فَهُمْ لَا يَرْجِعُونَ ﴿١٨﴾ أَوْ
كَصَيِّبٍ مِّنَ السَّمَاءِ فِيهِ ظُلُمَاتٌ وَرَعْدٌ وَبَرْقٌ يَجْعَلُونَ
أَصَابِعَهُمْ فِي آذَانِهِم مِّنَ الصَّوَاعِقِ حَذَرَ الْمَوْتِ ۚ وَاللَّهُ مُحِيطٌ

تِہنز مثال چھِ تَس شخصہ سنز ہِش یِمِ زول تہ پرزہ وو اکھ ناراہ فَلَمَّآ اَضَآءَتْ مَا حَوْلَهٗ ادہ یلہِ تمِ نارن روشن کور تہِ یِہ تتھ اندِ پکھ اوس ذَهَبَ اللّٰهُ بِنُوْرِهِمْ ژھتہ کور اللہ تعالیٰ ان تِہند نور تہ روشنی وَتَرَكَهُمْ فِیْ ظُلُمٰتٍ لَّا یُبْصِرُوْنَ بیہ تراون تِم یِمِ امس نارزالہ وِس سیت آس انہ گٹن اندر کہ بوزنے او کھ نہ یوان کھنہ۔ یتھ پاٹھ یہ شخص بیہ یم تس سیت آسِ روشنی حاصل سپد تھ انہ گٹہ منز گرفتار سپد مت تتھے پاٹھ سپدِ منافق پوز واضح تہ روشن سپدنہ پتہ ضلالت وگمراہی ہنزہ تاریکی منز گرفتار۔ تتھ پاٹھ تِہنز واپھ تہ کن تہِ زیو بیکار سپد۔ تتھے پاٹھ سپز یمن منافقن ہنز حالت صُمٌّ بُكْمٌ عُمْیٌ فَهُمْ لَا یَرْجِعُوْنَ زرِ چھِ تِم پوز بوزنہ نشہ۔ کلِ چھِ تِم پزِس اقرار کرنہ نشہِ۔ انِ چھِ تم پوز وچھنہ نشہ۔ لِہ پھیرن تہ رجوع کرن نہ تِم یِمو حالتو نشہِ اَوْ كَصَیِّبٍ مِّنَ السَّمَآءِ فِیْهِ ظُلُمٰتٌ وَّرَعْدٌ وَّبَرْقٌ تہ چھ یمن منافقن ہنز مثال تِمہ رود چھ یس آسمانہ طرفہ یِوان آسہِ۔ تتھ اندر آسن انہ گٹہ تہ گگرایہ تہ وزملہ۔ تتھ زودس منز آسہ پکان لوکن ہنز اکھ جماعتھاہ یَجْعَلُوْنَ اَصَابِعَهُمْ فِیْۤ اٰذَانِهِمْ مِّنَ الصَّوَاعِقِ حَذَرَ الْمَوْتِ تیہ لوکھ آسن پننہِ اونگجہ زورہ واتناوان پننہ نین کنن اندر تہ ٹن ہندہ موکھہ موکھہ بیمہ وَاللّٰهُ مُحِیْطٌۢ بِالْكٰفِرِیْنَ تِم چھ پننہ خیالہ موتہ نشہ بچنہ نک تدبیر کران۔ مگر اللہ تعالیٰ کوت چھڑہ تِمن۔ اللہ تعالیٰ چھو کافران تہ نافرمانن پیٹھ طرفہ احاطہ کرِ تھ۔ تس نشہ ہیکن نہ تِم کُن گژھتھ۔ یَكَادُ الْبَرْقُ یَخْطَفُ اَبْصَارَهُمْ وزہ ملن تہنز چھ یہ حالت کہ خیال چھو گژھان تِمن وزملن ہندہ گاشہ سیت ما پیہ انِہ تہنز ن اچھن كُلَّمَآ

بِالْكٰفِرِيْنَ ﴿١٩﴾ يَكَادُ الْبَرْقُ يَخْطَفُ اَبْصَارَهُمْ ۭ كُلَّمَآ اَضَاۗءَ لَهُمْ
مَّشَوْا فِيْهِ ڎ وَاِذَآ اَظْلَمَ عَلَيْهِمْ قَامُوْا ۭ وَلَوْ شَاۗءَ اللّٰهُ لَذَهَبَ
بِسَمْعِهِمْ وَاَبْصَارِهِمْ ۭ اِنَّ اللّٰهَ عَلٰي كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ﴿٢٠﴾ ع يٰٓاَيُّهَا
النَّاسُ اعْبُدُوْا رَبَّكُمُ الَّذِيْ خَلَقَكُمْ وَالَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِكُمْ
لَعَلَّكُمْ تَتَّقُوْنَ ﴿٢١﴾ ۙ الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ الْاَرْضَ فِرَاشًا وَّالسَّمَاۗءَ بِنَاۗءً ۠

---

اَضَاۗءَ لَهُمْ مَّشَوْا فِيْهِ يمہ يمہ ساتہ دزلن ہنز روشنی تمن پیٹھ پیوان چھ تم چھ تمہ کس گاشس منز پکن ہیوان۔ وَاِذَآ اَظْلَمَ عَلَيْهِمْ قَامُوْا تو پتہ یلہ تمن پیٹھ تاریکی تہ انہ گٹہ چھ سپدان ودنہ چھ روزتھ گژھان وَلَوْ شَاۗءَ اللّٰهُ لَذَهَبَ بِسَمْعِهِمْ وَاَبْصَارِهِمْ اللہ تعالیٰ ہر گاہ یژھہ ہا کامن کرہ ہا تہندہ بوزنک طاقت۔ بیہ وچھنک طاقت نہ روزہ ہنکھ کن کنہ نہ روزہ ہنکھ اچھہ کنہ اِنَّ اللّٰهَ عَلٰي كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ بیشک اللہ تعالیٰ اس چھ پرتھ کنہ چیزس پیٹھ قدرت۔ یم لوکھ اتھ رودہ گٹہ کارس منز پکہ ون آس۔ یتھہ پاٹھ گرہ پکان آس۔ گرہ رُوزتھ گژھان آسہ۔ تتھے پاٹھہ چھ یم منافق اسہ ساتہ یلہ وچھان چھ نوراسلامک ظھور روز بروز ترقی۔ تم چھ لوکن مائل سپدن یژھان۔ تمہ ساتہ خود غرضین ہنز تاریکی حائل سپدان چھکھ۔ اتی چھکھ ٹھونٹھ لگان یژس کن انہ نشہ چھ پتھ ژلان۔ او تان سپد ترشون جماعتن ہند حال بیان۔ امہ پتہ چھو سارنی لوکن خطاب کرتھ بیان یوان کرنہ سُو مضمون یمہ خیطرہ یہ مقدس کتاب قرآن مجید نازل آو کرنہ يٰٓاَيُّهَا النَّاسُ اعْبُدُوْا رَبَّكُمُ الَّذِيْ خَلَقَكُمْ وَالَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِكُمْ لَعَلَّكُمْ تَتَّقُوْنَ ہالوکو! عبادت تہ پرستش کرِو پننس تس پروردگارسنز یم تُوہِ پیدہ کرِ وہ۔ بیہ یم پیدہ کر تم ساری لوکھ یم توہہ برونٹھ آسہ۔ یتھہ تُوہِ بچِوتہ محفوظ رُوزِد جہنمکہ عذابہ نش سُو گوسُوی پروردگار۔ الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ الْاَرْضَ فِرَاشًا وَّالسَّمَاۗءَ بِنَاۗءً یم تہندہِ خیطرہ کور زمین وتھرناہ بیہ کرن آسمان امہ زمینک پشاہ وَّاَنْزَلَ مِنَ السَّمَاۗءِ مَاۗءً بیہ یم پروردگارن آسمانکہ طرفہ تراو اتھہ زمینس پیٹھ زوداہ فَاَخْرَجَ بِهٖ مِنَ الثَّمَرٰتِ رِزْقًا لَّكُمْ تو پتہ کھارِن امہ زمینہ منزہ امہ آبہ سیت میوہ جات تہندہِ

وَّاَنۡزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَاَخۡرَجَ بِهٖ مِنَ الثَّمَرٰتِ رِزۡقًا لَّكُمۡ ۚ
فَلَا تَجۡعَلُوۡا لِلّٰهِ اَنۡدَادًا وَّاَنۡتُمۡ تَعۡلَمُوۡنَ ﴿۲۲﴾ وَاِنۡ كُنۡتُمۡ فِىۡ رَيۡبٍ
مِّمَّا نَزَّلۡنَا عَلٰى عَبۡدِنَا فَاۡتُوۡا بِسُوۡرَةٍ مِّنۡ مِّثۡلِهٖ ۖ وَادۡعُوۡا
شُهَدَآءَكُمۡ مِّنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ اِنۡ كُنۡتُمۡ صٰدِقِيۡنَ ﴿۲۳﴾
فَاِنۡ لَّمۡ تَفۡعَلُوۡا وَلَنۡ تَفۡعَلُوۡا فَاتَّقُوا النَّارَ الَّتِىۡ وَقُوۡدُهَا
النَّاسُ وَالۡحِجَارَةُ ۖۚ اُعِدَّتۡ لِلۡكٰفِرِيۡنَ ﴿۲۴﴾ وَبَشِّرِ الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا

---

کھینہ خاطرہ فَلَا تَجۡعَلُوۡا لِلّٰهِ اَنۡدَادًا وَّاَنۡتُمۡ تَعۡلَمُوۡنَ پس مہ ٹھہراوو توہ اے لوکو معبودِ برحقس مقابل قسمک شریک زانتھ کرِتھ یِنے یہ کتھ زانتھ کہ تِمہ کامہ کرہ ون چھُو نہ تَس ورای کانہ تہ وَاِنۡ كُنۡتُمۡ فِىۡ رَيۡبٍ مِّمَّا نَزَّلۡنَا عَلٰى عَبۡدِنَا وِن ہرگاہ توہہ شک و شبہ چھُو تتھ کتابہ اندر یوسہ اسہِ نازل کٔر پننس بندہ خاصس پیٹھ۔ یعنی حضرتِ محمدؐ ٹھس پیٹھ۔ یہ مانچھو تمو پانے ٹھہر وومُت فَاۡتُوۡا بِسُوۡرَةٍ مِّنۡ مِّثۡلِهٖ تِلہ انوٗتھہ تہِ کانہہ سوراہ تیار کرتھ یتھی کانسہِ شخصس نشہِ نِس اُمّی آسہ۔ تم نہ کینہہ تہِ پورمُت آسہ وَادۡعُوۡا شُهَدَآءَكُمۡ مِّنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ اِنۡ كُنۡتُمۡ صٰدِقِيۡنَ بیہ دِی تو تھہ نارتمن سارنی یم تہہ مددگاری خیطرہ تِمہ توہ یا منگو پنہ نین معبودانِ باطلن معبود برحقس ورای چھوے توہ پوز وَنہ وِن یتھہ کتھِ اندر کہ یہ کیاہ چھُو کلام بشر فَاِنۡ لَّمۡ تَفۡعَلُوۡا پس ہرگاہ تُہہ ہیکونہ اتھ قرآن مجیدس ہیو کلاماہ پیش کرتھ وَلَنۡ تَفۡعَلُوۡا ہیکونہ زانہہ پیش کرتھ قیامس تام۔ از تام تہ ازکہ پتھ قیامس تام ہیوک نہ کانسہِ اک اتھ قرآن مجیدس ہیو فصاحت و بلاغتس اندر اکھ یازہ آیہ تہِ پیش کرتھ۔ یہ ہے چھُو بوڈ معجزہ قرآنِ مجیدک۔ فَاتَّقُوا النَّارَ الَّتِىۡ وَقُوۡدُهَا النَّاسُ وَالۡحِجَارَةُ تمس کھوژو تہ بچاوو پنن پان تمہِ نارہ نشہ تمہِ نار چھہِ ژرشہ چھہ تمو سیت تھہ ژکھہ دنہ خیطرہ تہ ہرہ ہینہ خاطرہ چھہِ کافر لوکھ۔ یِیہ تمہ کنہ تمن کنین تیار کرتھ تہ کرتھ کافر پرستش چھہِ کران۔ تمہ کنہ دزن نارِ جہنمس اندر تتھ پاٹھ گندک کنہِ ریلہ ہندین انجلن اندر دزان چھہ اُعِدَّتۡ لِلۡكٰفِرِيۡنَ سُو نار چھُو تیار کرنہ آمُت تمن کافر

وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ اَنَّ لَهُمْ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ ؕ كُلَّمَا
رُزِقُوْا مِنْهَا مِنْ ثَمَرَةٍ رِّزْقًا ۙ قَالُوْا هٰذَا الَّذِيْ رُزِقْنَا مِنْ قَبْلُ
وَاُتُوْا بِهٖ مُتَشَابِهًا ؕ وَلَهُمْ فِيْهَآ اَزْوَاجٌ مُّطَهَّرَةٌ ۙۗ وَّهُمْ فِيْهَا
خٰلِدُوْنَ ﴿٢٥﴾ اِنَّ اللّٰهَ لَا يَسْتَحْيٖٓ اَنْ يَّضْرِبَ مَثَلًا مَّا بَعُوْضَةً فَمَا
فَوْقَهَا ؕ فَاَمَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا فَيَعْلَمُوْنَ اَنَّهُ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّهِمْ ۚ وَاَمَّا

---

هنده خيطره ـــ تم قرآن مجيد س ته نبي بر حق حضرتِ محمد س صلي الله عليه وسلم اُپژگنز ران پڇهِ۔ يه اُوس وعيده شديد منکرن هنده خيطره امهِ پته پڇهِ فرماوان بشارت با ايمانن تسليم ته اقرار کره ونين هندهِ خيطره وَبَشِّرِ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ بيه فرماوِ ٿوه بشارت لے حضرت محمد صلي الله عليه وسلم! تمن لوکن ـــ ايمان اون ته پڙه کر خدا اِيس بيه تهندس پيغمبرس۔ بيه قرآنِ مجيدس۔ بيه کريکهه رڙه عمله اَنَّ لَهُمْ جَنّٰتٍ ـــ بشارت که بيشک تهندي خيطره پڇهِ تم جنت تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ ـــ تموِ جنّتو منز مختلف جويهِ آسَن پکان۔ آبِ زُلالچهِ جويهِ، شرابِ طهورچهِ جويهِ، صاف وشفاف مانچهِ چهِ جويه كُلَّمَا رُزِقُوْا يلهِ يلهِ عطا کرنه آسه يوان تمن مِنْهَا مِنْ ثَمَرَةٍ رِّزْقًا امه جنتک کانهه ميواه کهينه خاطره قَالُوْا هٰذَا الَّذِيْ رُزِقْنَا مِنْ قَبْلُ دپن تم بيهِ چهو سوي ميوه يُس اَسهِ عطا کرنه آو ـــ برونٹهه۔ وَاُتُوْا بِهٖ مُتَشَابِهًا عطاته آسهِ کرنه آمُت تمن سُو ميوه دوشوِن لٹن يُس اکھ اکس ہيو صورته کنِ آسهِ۔ مگر لذته کنِ ته مزه کنِ آسهِ مختلف وَلَهُمْ فِيْهَآ اَزْوَاجٌ مُّطَهَّرَةٌ بيه پڇهه تهندهِ خيطره تمن جنتن اندر پاک وپاکيزه زنانه يمه دنياچو آلايشو ته ناپاکيو نشهِ محفوظ آسَن وَّهُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ بيه روزن تمِ جنتي تمن جنتن اندر هميشه۔ بعضے مخالفو کور اعتراض که هر گاه يه قرآن مجيد کلام الٰهي آسهاتله آسهن نه اتهه اندر حقير وذليل جانورن۔ مچهن۔ زلرين ته مهن هند ناو۔ اتهه کور الله تعاليٰ اَن ردّ۔ فرموون اِنَّ اللّٰهَ لَا يَسْتَحْيٖٓ اَنْ يَّضْرِبَ مَثَلًا مَّا واقعي الله تعاليٰ چھنه مند چهان سُو کياه کره هابيان کانهه مثالاه بَعُوْضَةً فَمَا فَوْقَهَا سُو آسِتن اده مهِ سنز يا تمِس کهوته کالسهِ بڈس جانوره سنز مچه هنز يا زلر سنز فَاَمَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا فَيَعْلَمُوْنَ اَنَّهُ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّهِمْ

الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فَيَقُوْلُوْنَ مَاذَآ اَرَادَ اللّٰهُ بِهٰذَا مَثَلًاۘ يُضِلُّ
بِهٖ كَثِيْرًا وَّيَهْدِيْ بِهٖ كَثِيْرًاؕ وَمَا يُضِلُّ بِهٖٓ اِلَّا الْفٰسِقِيْنَ ﴿٢٦﴾
الَّذِيْنَ يَنْقُضُوْنَ عَهْدَ اللّٰهِ مِنْۢ بَعْدِ مِيْثَاقِهٖ۪ وَيَقْطَعُوْنَ
مَآ اَمَرَ اللّٰهُ بِهٖٓ اَنْ يُّوْصَلَ وَيُفْسِدُوْنَ فِي الْاَرْضِؕ اُولٰٓئِكَ
هُمُ الْخٰسِرُوْنَ ﴿٢٧﴾ كَيْفَ تَكْفُرُوْنَ بِاللّٰهِ وَكُنْتُمْ اَمْوَاتًا

---

پس جيڪي لوڪ ايمان وارا آهن سي پڙهي ڪري تم ڇهه يقينا پاڻه ڄاڻن ٿا ته هي مثال بيان ڪرڻ آهي ته ٺيڪ موقعي پٺيان تهندس پروردگار سندي طرف کان وَاَمَّا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فَيَقُوْلُوْنَ مَاذَآ اَرَادَ اللّٰهُ بِهٰذَا مَثَلًا ۔ ۽ جيڪي لوڪ ڪفر وانڪار ڪن ٿا تن جو چوڻ آهي ته اهڙن حقير مثالن بيان ڪرڻ اندر ڪهڙي صحيح مقصد خدا جو آهي يُضِلُّ بِهٖ كَثِيْرًا الله تعالى گهڻن لوڪن کي گمراه ڪندو آهي الله تعالى اهڙا مثال بيان ڪري ٿو ۽ اهي لوڪ جيڪي انهن مثالن اندر غور وتامل ڪري ڇڏن ٿا۔ ته وَّيَهْدِيْ بِهٖ كَثِيْرًا ۽ گهڻن کي هدايت ڪري ٿو ته وڏا ٿيا پنهنجي فضل سان ۽ اهي لوڪ جيڪي انهن مثالن اندر تامل ۽ تفڪر ڪن ٿا وَمَا يُضِلُّ بِهٖٓ اِلَّا الْفٰسِقِيْنَ گمراه ڪونه ڪري ٿو الله تعالى اهڙي مثالن سان مگر بدڪارن ۽ نافرمانن کي ۽ جيڪي عدول حڪمي ڪن ٿا الَّذِيْنَ يَنْقُضُوْنَ عَهْدَ اللّٰهِ مِنْۢ بَعْدِ مِيْثَاقِهٖ فاسق ڪيا ويا آهن جيڪي ڀڃن ٿا انهن جو معاهدو جيڪو خدا سان ڪيو اٿن جنهن عهد کي مضبوط ڪرڻ پڇاڙي جو ذڪر الله تعالى ان پهرين آيت ڪريمه ۾ اندر فرمايو ته حضرت آدم عليه السلام سندي پٺي مان ڪڍي الله تعالى انهن ساري ذريت کي ڪري انهن کان رب هجڻ جو اقرار وَيَقْطَعُوْنَ مَآ اَمَرَ اللّٰهُ بِهٖٓ اَنْ يُّوْصَلَ ۽ ڇڏين ٿا انهي شيءِ کي جنهن جي ملائڻ جو الله تعالى انهن کي حڪم ڪيو يعني آشنائي۔ حڪم خدا جو صلح رحم ڪرڻ مگر هي ته ان بدل آشنائي ٽوڙن ٿا وَيُفْسِدُوْنَ فِي الْاَرْضِ ۽ ڪن ٿا فساد ۽ تباهي ڪن ٿا زمين اندر ۽ اهي لوڪ ظلم ڪن ٿا، ڪفر ڪن ٿا۔ حضرت رسول ڪريم صلى الله عليه وسلم سان حسد وعداوت ٿا رکن۔ مسلمانن سان به ۽ دين اسلام سان به ڏاڍ ڪن ٿا۔ اُولٰٓئِكَ هُمُ الْخٰسِرُوْنَ اهي لوڪ ئي نقصان وارا آهن دنيا ۾ به اندر ۽ آخرت اندر به الله تعالى

فَاَحْيَاكُمْ ثُمَّ يُمِيتُكُمْ ثُمَّ يُحْيِيكُمْ ثُمَّ اِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ ﴿٢٨﴾
هُوَ الَّذِيْ خَلَقَ لَكُمْ مَّا فِي الْاَرْضِ جَمِيْعًا ثُمَّ اسْتَوٰٓى اِلَى
السَّمَآءِ فَسَوّٰىهُنَّ سَبْعَ سَمٰوٰتٍ ۭ وَهُوَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ ﴿٢٩﴾ ع
وَاِذْ قَالَ رَبُّكَ لِلْمَلٰٓئِكَةِ اِنِّىْ جَاعِلٌ فِى الْاَرْضِ خَلِيْفَةً ۭ قَالُوْٓا
اَتَجْعَلُ فِيْهَا مَنْ يُّفْسِدُ فِيْهَا وَيَسْفِكُ الدِّمَآءَ ۚ وَنَحْنُ نُسَبِّحُ

---

سُند مربی آسُن۔ خالق تہٕ رزاق آسُن ثابت سپد كَيْفَ تَكْفُرُوْنَ بِاللّٰهِ وَكُنْتُمْ اَمْوَاتًا فَاَحْيَاكُمْ ثُمَّ يُمِيْتُكُمْ ثُمَّ يُحْيِيْكُمْ ثُمَّ اِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ اے لوکو تُہہ کتھہ پاٹھہ چھوہ ادہ خدایہ سندِس معبودِ برحق آسنس انکار کران تمسندِ احسانات مٔشِتھ اوان تمسِ ورای بێن ہندِس معبود آسنس اقرار کران۔ حالانکہ تُہہ آسوہ محض بے جان۔ پس کرنوہ تمی تُہہ زندہ بدنن منز رُوح واتناونہ سیت۔ تو پتہ مارِوہ سُی یمہ ساتہ تُہنزہ عُمرہ ہُند مدّت ووبرِہ تہٕ ختم گژھہِ۔ تو پتہ کروہ سُی توہہ بیہ زِندہ قیامتک دوہ۔ تو پتہ اِیوٗ تُہہ تَس کُن واپس انہٕ۔ یعنی قیامتک دوہ اِیوٗ محشرکِس میدانس اندر حسابہ خیطرہ تہندِسی اجلاسس اندر حاضر کرنہٕ۔ امہِ پتہ چھُو اللہ تعالیٰ پننہ نێن نعمتن ہنز ذِکر کران هُوَ الَّذِيْ خَلَقَ لَكُمْ مَّا فِي الْاَرْضِ جَمِيْعًا سُو گو سُوی پروردگار یم پیدہ کورتہِ سورُی یہ یتھہ زمینس اندر موجود چھُو تہندِ فائدہ خیطرہ۔ ثُمَّ اسْتَوٰٓى اِلَى السَّمَآءِ فَسَوّٰىهُنَّ سَبْعَ سَمٰوٰتٍ وَهُوَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ تو پتہ سپد سُو متوجہ آسمانن کُن۔ پس کرِن تم درست ستھ آسمان۔ سُو چھُو پرِیتھہ چیزاہ پُور زانہ وُن۔ اوتانِ آیہ بیان کرنہ صوری نعمت۔ امہ پتہ چھُو بیان کران اللہ تعالیٰ معنوی نعمت۔ وَاِذْ قَالَ رَبُّكَ لِلْمَلٰٓئِكَةِ اِنِّىْ جَاعِلٌ فِى الْاَرْضِ خَلِيْفَةً بیہ یاوِ سُو وقت یاد یلہ تُہند پروردگارن ارشاد فرموو ملایکن کہِ مہ چھُو پیدہ کرن یتھہ زمینس اندر پنن اکھ خلیفہ یعنی نایباہ۔ یُس میانِ احکامِ شرعیہ نافذ کرِہ تہٕ واتناوِہ میانین بندن قَالُوْٓا اَتَجْعَلُ فِيْهَا مَنْ يُّفْسِدُ فِيْهَا وَيَسْفِكُ الدِّمَآءَ ملایک لگِ دپنہِ کیاہ ژٕہ کرہنہ پیدہ اتھہ زمینس اندر سُو مخلوق یُس فتنہ تہٕ فساد کرہ جِنن ہندِ پاٹھہِ اتھہ زمینس اندر بیہ کرِہ وارِیاہ تہٕ ستھاہ خونریزی وَنَحْنُ نُسَبِّحُ بِحَمْدِكَ وَنُقَدِّسُ لَكَ اس چھہ

بِحَمْدِكَ وَنُقَدِّسُ لَكَ ۗ قَالَ إِنِّىٓ أَعْلَمُ مَا لَا تَعْلَمُونَ ﴿٣٠﴾ وَعَلَّمَ
ءَادَمَ ٱلْأَسْمَآءَ كُلَّهَا ثُمَّ عَرَضَهُمْ عَلَى ٱلْمَلَٰٓئِكَةِ فَقَالَ أَنۢبِـُٔونِى
بِأَسْمَآءِ هَٰٓؤُلَآءِ إِن كُنتُمْ صَٰدِقِينَ ﴿٣١﴾ قَالُوا۟ سُبْحَٰنَكَ لَا عِلْمَ لَنَآ
إِلَّا مَا عَلَّمْتَنَآ ۖ إِنَّكَ أَنتَ ٱلْعَلِيمُ ٱلْحَكِيمُ ﴿٣٢﴾ قَالَ يَٰٓـَٔادَمُ أَنۢبِئْهُم

---

پاکی چان یاد کران۔ چان حمد و ثنا دپان۔ بیہ چھتھ اس زانان منزہ تہ پاک سارو ی عیبو تہ نقصانو نشہ۔ لہذا ہر گاہ یہ کام اسی پتھر اونہ ہیہ ہا۔ اس کرہ ہو یہ کام پورہ دل وجانہ سان تمن اندر آسن اڑ مفسد، اڑ ظالم تہ اڑ نافرمان۔ ساری نیک آسن نہ۔ یلہ محض کام کرہ ون موجود تہ تیار آسن نو مخلوق پیدہ کرنچ کیاہ ضرورت آس۔ یہ کور نہ ملائکو بطور اعتراض پیش۔ نہ۔ یہ کور تمو پنن استحقاق پیش۔ قَالَ اللہ تعالیٰ ان فرمود کھ اِنِّیٓ اَعْلَمُ مَا لَا تَعْلَمُوْنَ بیشک بو چھوس زانان تمہ کتھ یمہ نہ تھہ زانان چھوہ۔ یمس چیز تو ہمہ نش بنی آدم تہ انسان پیدہ کرہ نک مانع چھو سوی چیز چھو مہ نش پیدہ کرہ نک سبب تہ باعث۔ یعنی تمو اندرہ بعضین ہند مفسد تہ خونریز آسن یوسے چھو باعث تمن ہندہ پیدہ کرہ نک۔ کیازہ احکام ین تبلی جاری کرنہ یلہ گنہ قسمہ بے اعتدالی واقع سپدہ انتظام ییہ تل کرنہ یلہ کانہہ بد نظمی واقع سپدہ۔ توہہ فرمانبردارن ہندس جماعتس اندر ییکہ نہ یہ امر واقع زانہہ تہ سپد تھ بہر حال آو انسان امہ کامہ خیطرہ مخصوص کرنہ۔ آو پیدہ کرنہ حضرتِ آدم علیہ السلام وَعَلَّمَ اٰدَمَ الْاَسْمَآءَ كُلَّهَا تو پتہ زانرووتھ واللہ تعالیٰ ان آدم علیہ السلام تمام رویِ زمینہ کین چیزن ہند ناو۔ بڈین چیزن ہند تہ لوکٹن چیزن ہند تہ۔ یعنی آدم علیہ السلام آو ہچھہ ناونہ گوڈنی علم لغت۔ یعنی پرتھ چیزک ناو تہ پرتھ چیزک خاصیت تہ فائدہ۔ ثُمَّ عَرَضَهُمْ عَلَى الْمَلٰٓئِكَةِ تو پتہ تراون تم چیز ملائکن برونٹھ کن فَقَالَ اَنْۢبِـُٔوْنِیْ بِاَسْمَآءِ هٰٓؤُلَآءِ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِیْنَ پس فرمود اللہ تعالیٰ ان ملائکن اے ملائکو تہہ ونو مہ یمن چیزن ہند ناو تہ خاصیت ہر گاہ تہہ پوزہ ونہ ون چھوہ یتھ کتھہ اندر کہِ اس آسِ اصلاح طبائع تہ انتظام شرائع تہ تبلیغ احکامن ہنز خدمت انجام دنہ خاطرہ مستحق۔ خلیفہ خداوند یس گژھن سارنی چیزن ہند ناو تہ خواص تہ فوائد معلوم آسن۔ ادہ ہیکہ سو مفوضہ کام انجام دتھ۔ تہہ ونتو یمن چیزن ہند ناو تہ خاصیت کیاہ چھہ قَالُوْا سُبْحٰنَكَ

بِاَسْمَآئِهِمْ ۚ فَلَمَّآ اَنْۢبَاَهُمْ بِاَسْمَآئِهِمْ ۙ قَالَ اَلَمْ اَقُلْ لَّكُمْ اِنِّیْٓ اَعْلَمُ
غَيْبَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۙ وَاَعْلَمُ مَا تُبْدُوْنَ وَمَا كُنْتُمْ تَكْتُمُوْنَ ﴿۳۳﴾
وَاِذْ قُلْنَا لِلْمَلٰٓئِكَةِ اسْجُدُوْا لِاٰدَمَ فَسَجَدُوْٓا اِلَّآ اِبْلِيْسَ ؕ اَبٰى وَ
اسْتَكْبَرَ وَكَانَ مِنَ الْكٰفِرِيْنَ ﴿۳۴﴾ وَقُلْنَا يٰٓاٰدَمُ اسْكُنْ اَنْتَ
وَزَوْجُكَ الْجَنَّةَ وَكُلَا مِنْهَا رَغَدًا حَيْثُ شِئْتُمَا ۠ وَلَا تَقْرَبَا

---

لَا عِلْمَ لَنَآ اِلَّا مَا عَلَّمْتَنَا اِنَّكَ اَنْتَ الْعَلِيْمُ الْحَكِيْمُ ملائکو دوپ پروردگارا ژٕ چھُوک منزہ تہ پاک اَسِ
زانوی نہ کینہہ مگر تی یہ ژٕ اَسِ ہِچھناوِتھ۔ بیشک ژٕ چھُوکھ سورُی زانہ وَن۔ ژٕ چھُکھ سیٹھاہ حکمتہٕ وول
قَالَ يٰٓاٰدَمُ اَنْۢبِئْهُمْ بِاَسْمَآئِهِمْ اللہ تعالیٰ ان فرموو حکم آدم علیہ السلامس کُن اے آدم ہِچھ ناوکھ ژٕ
یِم ملائک یِمن چیزن ہند ناو۔ فَلَمَّآ اَنْۢبَاَهُمْ بِاَسْمَآئِهِمْ اَدہ یلہِ آدم علیہ السلامن تِمن چیزن ہندِ ناو
ملائکن بیان کرِ قَالَ اَلَمْ اَقُلْ لَّكُمْ اِنِّیْٓ اَعْلَمُ غَيْبَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَاَعْلَمُ مَا تُبْدُوْنَ وَمَا كُنْتُمْ تَكْتُمُوْنَ اللہ
تعالیٰ ان فرموو ملائکن مہٕ فرماویوہٕ ناتوہہٕ کہٕ بہٕ چھس زانان تہٕ سورُی یہ آسمانن تہٕ زمین منز پوشیدہ
چھُو۔ بیہ چھُس بوزانان تمہٕ سارے کتھہ یمہ تُہہ ظاہر کران تہٕ نبر اوان چھوہ۔ بیہ تمہٕ کتھہ یمہ تُہہ
پوشیدہ تہٕ کھٹنہ تھاوان آسوہ وَاِذْ قُلْنَا لِلْمَلٰٓئِكَةِ اسْجُدُوْا لِاٰدَمَ فَسَجَدُوْٓا اِلَّآ اِبْلِيْسَ اَبٰى وَاسْتَكْبَرَ
وَكَانَ مِنَ الْكٰفِرِيْنَ بیہ چھُو سُہ وقت ژٕ تس پاوُنس قابلِ یمہ وقتہ اسہِ حُکم کور سارنی ملائکن بیہ تِمِ جنو
اندرہ ملائکن سیت روزان آسِ سجدہ دِیو آدم علیہ السلامس تعظیمک سجدہ پس ڈیت ساروی ملائکو
سجدہ ابلیس ورائے۔ سُہ رُودتھ سجدہ دنہ نشہِ۔ تمہ زون پنن پان بوڈ تہٕ مغرور سپد۔ اوس سُہ ابلیس خدایہ
سندِس علمس اندر کافر تہٕ نافرمانوی اندرہ۔ امہ ساتہ کرن عدولِ حکمی۔ خدایہ سندِس حکمس کوٗرن نہ
تعمیل وَقُلْنَا يٰٓاٰدَمُ اسْكُنْ اَنْتَ وَزَوْجُكَ الْجَنَّةَ تو پتہ کور اسہِ حکم آدم علیہ السلامس اے آدم تُہہ
بسوِ پانہ بیہ پنن جورہ حوا علیہا السلام ہیتھ جنتس اندر۔ یوسہ حوا اللہ تعالیٰ اَن آدم علیہ السلامہ سنزہ لرہ
کانہِ پیٹھہ اکہ مادہ نشہِ پیدہ کر وَكُلَا مِنْهَا رَغَدًا حَيْثُ شِئْتُمَا تو پتہ کھیو تُہہ دوشوے امہِ جنتہ منزہ یُد

هٰذِهِ الشَّجَرَةَ فَتَكُوْنَا مِنَ الظّٰلِمِيْنَ ﴿٣٥﴾ فَاَزَلَّهُمَا الشَّيْطٰنُ
عَنْهَا فَاَخْرَجَهُمَا مِمَّا كَانَا فِيْهِ ۠ وَقُلْنَا اهْبِطُوْا بَعْضُكُمْ
لِبَعْضٍ عَدُوٌّ ۚ وَلَكُمْ فِى الْاَرْضِ مُسْتَقَرٌّ وَّمَتَاعٌ اِلٰى حِيْنٍ ﴿٣٦﴾ فَتَلَقّٰٓى
اٰدَمُ مِنْ رَّبِّهٖ كَلِمٰتٍ فَتَابَ عَلَيْهِ ؕ اِنَّهٗ هُوَ التَّوَّابُ الرَّحِيْمُ ﴿٣٧﴾
قُلْنَا اهْبِطُوْا مِنْهَا جَمِيْعًا ۚ فَاِمَّا يَاْتِيَنَّكُمْ مِّنِّىْ هُدًى فَمَنْ تَبِعَ
هُدَاىَ فَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ ﴿٣٨﴾ وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْا

---

برِ ٿهه- ڄٿي ڄاهه خوش ڪرِ وهه ٿي ڄاهه وَلَا تَقْرَبَا هٰذِهِ الشَّجَرَةَ مگر نکهه يزِ ونه ڄٿي ڳُلُس لڳي نمه ڪلڪ ڦهل کهيه زِ ونه- هرگاه امهِ ڪلڪ ڦهل کهيونهه فَتَكُوْنَا مِنَ الظّٰلِمِيْنَ پس پد ونهه دوشوے پانس نقصان واتونيواندره- الله تعاليٰ سي ڇهو معلوم سوکياه ڳُل اوس فَاَزَلَّهُمَا الشَّيْطٰنُ عَنْهَا فَاَخْرَجَهُمَا مِمَّا كَانَا فِيْهِ پس ڈالِ تمِ دوشوِے شيطانن امهِ ڳُلهِ سيت- تو پته ڪڈن تم تمهِ عيش د آرامه منزه ڄٿي منزتمِ آسِ- يام تموتمهِ ڪلڪ ڦهل کهيو تام سُپد تمن حکم جلته منزه نيبر نيره نک- وَقُلْنَا اهْبِطُوْا بَعْضُكُمْ لِبَعْضٍ عَدُوٌّ توپته وون اسهِ تمن ساري بون وسوامهِ جلته منزه ز ميِنس پيٺهه- ڄٿي حالس اندرکه تهِ آسوآڈِ اڈين هندِ دشمن وَلَكُمْ فِى الْاَرْضِ مُسْتَقَرٌّ وَّمَتَاعٌ اِلٰى حِيْنٍ ون ڇهه تهندهِ خيطره ز ميِنس پيٺهه قرار کره نچ بيه تمتع ته فائده تلنچ جاے- اکس "وقتس" تام- يعني ز ميِنس پيٺهه ڇهونه توهه هميشه روزن- کينهه کالاه گرٹهتهه ڇهو توهه سوگره ته تراون- تمهِ گره منزه تهِ انتقال ڪرن فَتَلَقّٰٓى اٰدَمُ مِنْ رَّبِّهٖ كَلِمٰتٍ فَتَابَ عَلَيْهِ اِنَّهٗ هُوَ التَّوَّابُ الرَّحِيْمُ پس کر حاصل آدم عليه السلام ن پنهِ نس پروردگارس لٿهه توبه کره نک کينهه کلمات- توپته پرِ تمِ تم کلمات ته کورُن توبه- پس کور الله تعاليٰ ان تهند توبه قبول بيشک سو ڇهو سيٺهاه توبه قبول کره ون سيٺهاه رحم کره ون- قُلْنَا اهْبِطُوْا مِنْهَا جَمِيْعًا حکم فرموواسه وسوامه جلته منزه تُهه ساري ز ميِنس پيٺهه فَاِمَّا يَاْتِيَنَّكُمْ مِّنِّىْ هُدًى فَمَنْ تَبِعَ هُدَاىَ فَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ پس هرگاه واته توهه نِش ميون حکم پيغمبر ته کتاب- پس يُس اکهاه پيروي کره ته پکهه ميانه هدايته

وَكَذَّبُوا بِآيَاتِنَا أُولَٰئِكَ أَصْحَابُ النَّارِ ۖ هُمْ فِيهَا خَالِدُونَ ﴿٣٩﴾
يَا بَنِي إِسْرَائِيلَ اذْكُرُوا نِعْمَتِيَ الَّتِي أَنْعَمْتُ عَلَيْكُمْ وَأَوْفُوا
بِعَهْدِي أُوفِ بِعَهْدِكُمْ وَإِيَّايَ فَارْهَبُونِ ﴿٤٠﴾ وَآمِنُوا بِمَا
أَنْزَلْتُ مُصَدِّقًا لِمَا مَعَكُمْ وَلَا تَكُونُوا أَوَّلَ كَافِرٍ بِهِ ۖ وَلَا تَشْتَرُوا

---

موجب۔ پس چھُنہ تس کانہہ خوفاہ۔ نہ سپدن تمہِ پیروی کرہ ون غمگین۔ وَالَّذِينَ كَفَرُوا وَكَذَّبُوا بِآيَاتِنَا أُولَٰئِكَ أَصْحَابُ النَّارِ هُمْ فِيهَا خَالِدُونَ ووں یمو لوگو انکار کورہیہ زانتھ اہنز سانِ آیات تمہِ لوکھ چھِ نارس اندر رواتہ ونِ۔ تتھ نارس اندر روزن ہمیشہ دزان۔ یو تانِ آیہ بیان کرنہ نعمتِ معنویہ۔ یتھ منز بیان آو کرنہ آدم علیہ السلامہ سنزہ پیدائشہِ ہُند قصہ۔ ووںِ چھو یوان بیان کرنہ خاص نعمتک یوسہ عطا آیہ کرنہ بنی اسرائیلن حسب و نسب وغیرہ ہمہ سیت تمن امتیازی شان حاصل آس۔ یتھ تھندہِ ایمان انہ سیت تمام لوکن پیٹھ اثر پیہ يَا بَنِي إِسْرَائِيلَ اذْكُرُوا نِعْمَتِيَ الَّتِي أَنْعَمْتُ عَلَيْكُمْ اے یعقوب علیہ السلامہ سندیو فرزندو! اسرائیل گو عبداللہ۔ یو اوس حضرتِ یعقوبہ سُند ناو۔ بنی اسرائیل گے حضرتِ یعقوبہ سندِ اولاد تمنی چھو اللہ تعالیٰ فرماوان اے حضرتِ یعقوبہ سندیو اولادو ژٕ تس پاوو تہہِ تمہِ نعمتہ یمہ مہ توہہِ عطا کرہِ وہ۔ یتھ نعمتن ہُند حق ادا کرن توہہ آسان سپدہ وَأَوْفُوا بِعَهْدِي بیہ کرو تہہ وفا میانسِ تتھ عہدس یُس توہہ مہِ سیت کورو حضرت محمد نبیّ آخر الزمانس متعلق أُوفِ بِعَهْدِكُمْ بوتہ کرہ وفا تہندس عہدس یُس میہ کورمُت چھو توہہ سیت وَإِيَّايَ فَارْهَبُونِ بیہہ کھوژوے یوت عہد پھٹراونس اندر۔ پنہ نین عوام معتقد نین مہ کھوژو کہ تمن ماروزہ نہ سون اعتقاد۔ تمِ یوسہ نذروہ نیازہ سیت خدمت کران چھِ سوماگژھہِ بند۔ وَآمِنُوا بِمَا أَنْزَلْتُ مُصَدِّقًا لِمَا مَعَكُمْ وَلَا تَكُونُوا أَوَّلَ كَافِرٍ بِهِ بیہ کرو پژھ تتھ کتابہِ یوسہ میہ نازِل کر۔ یعنے قرآن مجیدس۔ توہہ پزہ نہ تمہ سیت وحشت گژھن۔ کیازہ سو کتاب کر میہ نازِل درحالتیکہ سو چھہ تصدیق کرہ ونِ تتھ کتابہ یوسہ توہہ سیت چھہ یعنی توراتس۔ بیہ مہ سپدِ وتہہِ گوڈنک منکر امہِ قرآن مجیدک۔ یعنی تُہہ یلہِ منکر سپدِ وتہیہ دتھتہ کرن باقی

بِاٰيٰتِىْ ثَمَنًا قَلِيْلًا ؗ وَّاِيَّاىَ فَاتَّقُوْنِ ﴿۴۱﴾ وَلَا تَلْبِسُوا الْحَقَّ بِالْبَاطِلِ
وَتَكْتُمُوا الْحَقَّ وَاَنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ﴿۴۲﴾ وَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ
وَارْكَعُوْا مَعَ الرّٰكِعِيْنَ ﴿۴۳﴾ اَتَاْمُرُوْنَ النَّاسَ بِالْبِرِّ وَتَنْسَوْنَ
اَنْفُسَكُمْ وَاَنْتُمْ تَتْلُوْنَ الْكِتٰبَ ؕ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ﴿۴۴﴾ وَاسْتَعِيْنُوْا بِالصَّبْرِ

---

لوکھ تہِ انکار تمِ سارکی ذمہ دار سپدو تُہہ قیامتس تان۔ تمِ انکار کرن تھہند و بال ییہِ تُھہندس نامہ اعمالس لیکھنہ وَلَا تَشْتَرُوْا بِاٰيٰتِىْ ثَمَنًا قَلِيْلًا بیہ مہ رٹومیانین آیاتن بدل حقیر تہ کم معاوضہ وَّاِيَّاىَ فَاتَّقُوْنِ بیہ کھوژوے یوت پنن احکام پس پشت تراوِتھ یا تمن تغیر و تبدیل کرِتھ۔ یا تمِ کھٹتھ تہ پوشیدہ تھاوِتھ مہ کرِو عام لوکن نشہِ مالِ دُنیاہُس حقیر و ذلیل پُھو، حاصل وَلَا تَلْبِسُوا الْحَقَّ بِالْبَاطِلِ وَتَكْتُمُوا الْحَقَّ وَاَنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ بیہِ مہ ملہ ناوِو پوز اپزسِ سیت۔ بیہ مہ تھاوِو پوز پوشیدہ تہ کھٹتھ زانتھ کرِتھ وَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ وَارْكَعُوْا مَعَ الرّٰكِعِيْنَ بیہ تھاوِو تُوہہ نماز برپا۔ یہ گیہ عبادتِ بدنی۔ بیہ دِیِو مالچ زکوٰۃ۔ یہ گیہ عبادتِ مالی۔ بیہ آسِو نمان خدایس برونٹھ کنہِ بیَن نمن واکین سیت۔ یعنی نماز آسِو پران باجماعت۔ اسلامہ برونٹھ چھنہ بیہ کنہِ دینس اندر نماز باجماعت آسمژ۔ یہ باجماعت نماز پرن چھ اسلامہ کیو خصوصیاتو منزہ۔ رکوع کرن تہِ چھُو اسلامہ کیو خصوصیاتو اندرہ۔ یہودن ہنزہ نمازہ منز اوس نہ رکوع کرہ نک حکم۔ خلاصہ چُھوای زِہ تمِ امور بیان آی کرنہ یمنی یوت اندر چھنہ نجات۔ بلکہ گژھن ساری اصول و فروع بجاانِ حضرتِ پیغمبر آخر الزمانہ سنزہ پیروی اندر نمازتہ گژھہِ تھہندی طریقہ پرن باجماعت رکوعہ سان۔ بعضے علماءِ یہود آس لوکن ونان کہ یہ دین اسلام چھُو پوز دین۔ ژٕت دین مگر پانہ آسِ نہ مسلمان سپدان کینہہ تمنی چھُو اللہ تعالیٰ فرمادان۔ اَتَاْمُرُوْنَ النَّاسَ بِالْبِرِّ وَتَنْسَوْنَ اَنْفُسَكُمْ وَاَنْتُمْ تَتْلُوْنَ الْكِتٰبَ ؕ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ کیاہ تُہہ چھوہ بین لوکن حکم کران نیکی تہ رژہ کامہِ کرہ نک۔ یعنی رسولِ مقبول پیغمبر آخر الزمانس ایمان انہ نک۔ پنن پان چھُوکھ مشراوان تہ نظر انداز کران حالانکہ تُہہ چھوہ پنن کتاب تورات پران۔ تتھ منز چھوہ تُہہ پران کہ عالم بے عملس نسبت

وَالصَّلٰوةِ ۚ وَاِنَّهَا لَكَبِيْرَةٌ اِلَّا عَلَى الْخٰشِعِيْنَ ﴿۴۵﴾ الَّذِيْنَ يَظُنُّوْنَ
اَنَّهُمْ مُّلٰقُوْا رَبِّهِمْ وَاَنَّهُمْ اِلَيْهِ رٰجِعُوْنَ ﴿۴۶﴾ يٰبَنِىْٓ اِسْرَآءِيْلَ
اذْكُرُوْا نِعْمَتِىَ الَّتِىْٓ اَنْعَمْتُ عَلَيْكُمْ وَاَنِّىْ فَضَّلْتُكُمْ عَلَى الْعٰلَمِيْنَ ﴿۴۷﴾
وَاتَّقُوْا يَوْمًا لَّا تَجْزِىْ نَفْسٌ عَنْ نَّفْسٍ شَيْـًٔا وَّلَا يُقْبَلُ
مِنْهَا شَفَاعَةٌ وَّلَا يُؤْخَذُ مِنْهَا عَدْلٌ وَّلَا هُمْ يُنْصَرُوْنَ ﴿۴۸﴾

---

کاژاہ مذمت چھہ کرنہ آمژ۔ لہٰذا کونہ چھوہ تُہہ عقل کران کیازہ چھوہ تُہہ تمن مذ متن ہند مصداق بنان امہ اندرہ سُپد ثابت کہ واعظ یُس آسہِ تمسند گژھنہ بے عمل آسُن بلکہ گژھہِ تہنز تمہِ موجب گوڈہ پانہ تہِ عمل کرن یہ سُولوکن پران آسہ وَاسْتَعِيْنُوْا بِالصَّبْرِ وَالصَّلٰوةِ بیہ ژھانڈومدد صبر کرنہ سیت بیہ نماز ادا کرنہ سیت۔ صبرہ سیت گژھوہ حُب مال کم۔ نمازہ سیت گژھوہ حُب جاہ کم تیمِہ زہ چیز چھوہ توہہ ایمان انہ نس تہ پژھ کرنس مانع سپدان وَاِنَّهَا لَكَبِيْرَةٌ اِلَّا عَلَى الْخٰشِعِيْنَ بیشک یہ نماز چھہ دشوار مگر چھنہ دشوار تمن لوکن پیٹھہ یم خدا یس کھوژون چھہِ الَّذِيْنَ يَظُنُّوْنَ اَنَّهُمْ مُّلٰقُوْا رَبِّهِمْ وَاَنَّهُمْ اِلَيْهِ رٰجِعُوْنَ یمن یقین تہ پور پژھہ چھُہ کہ تمِ چھہِ ملاقات کرہ ون پنہ نس پروردگارس سیت بیہ چھہِ تمِ پزیاٹھہ تس کُن واتہ ونِ تہ رجوِع کرہ ون يٰبَنِىْٓ اِسْرَآءِيْلَ اذْكُرُوْا نِعْمَتِىَ الَّتِىْٓ اَنْعَمْتُ عَلَيْكُمْ اے یعقوب علیہ السلام سندیو فرزندو ژِتس پاووسو نعمت یوسہ میہ توہہِ عطا کرموہ یُتھہ تُہہ شکر گذاری تہ اطاعت و فرمانبرداری کرو وَاَنِّىْ فَضَّلْتُكُمْ عَلَى الْعٰلَمِيْنَ بیہ پاوِ وژ تس یہ کتھہ تہِ کہ میہ دیت وہ توہہ یعنی تہندین آباوَ اجدادن فضیلت تمہِ وقتہ کین سارنی لوکن پیٹھہ لہٰذا پزہ ہا توہہ مکمل اطاعت و فرمانبرداری کرن وَاتَّقُوْا يَوْمًا لَّا تَجْزِىْ نَفْسٌ عَنْ نَّفْسٍ شَيْـًٔا وَّلَا يُقْبَلُ مِنْهَا شَفَاعَةٌ بیہ کھوژوتُہہ تتھہ دوہس یمہ دوہہ نہ کانہہ کفایتاہ کرِہ کانہہ شخصاہ کانسہِ شخص یعنی کانہہ اکھاہ کانسہِ اَکس کُنہ چیزہ سیت نہ بیہ قبول کرنہ کانسہ اکسندہ طرفہ کانہہ شفاعت تہ سُفارش، یوتان نہ تس شخص اندر ایمان آسہِ نہ یس شفاعت یا سفارش کران آسہِ وَّلَا يُؤْخَذُ مِنْهَا عَدْلٌ وَّلَا هُمْ يُنْصَرُوْنَ بیہ بیہ نہ رٹنہ کانسہِ ہندہ طرفہ کانہہ بدلہ

وَاِذْ نَجَّيْنٰكُمْ مِّنْ اٰلِ فِرْعَوْنَ يَسُوْمُوْنَكُمْ سُوْٓءَ الْعَذَابِ
يُذَبِّحُوْنَ اَبْنَآءَكُمْ وَيَسْتَحْيُوْنَ نِسَآءَكُمْ ؕ وَفِيْ ذٰلِكُمْ بَلَآءٌ مِّنْ
رَّبِّكُمْ عَظِيْمٌ ۴۹ وَاِذْ فَرَقْنَا بِكُمُ الْبَحْرَ فَاَنْجَيْنٰكُمْ وَاَغْرَقْنَآ اٰلَ
فِرْعَوْنَ وَاَنْتُمْ تَنْظُرُوْنَ ۵۰ وَاِذْ وٰعَدْنَا مُوْسٰۤى اَرْبَعِيْنَ لَيْلَةً
ثُمَّ اتَّخَذْتُمُ الْعِجْلَ مِنْ بَعْدِهٖ وَاَنْتُمْ ظٰلِمُوْنَ ۵۱ ثُمَّ عَفَوْنَا

---

۽ ڪانهن عوضاڻو ٿيندو تن ياري ڪرڻ ڪيا ته ٿيندو ۽ نه ئي ڪنهن ڪانئس ياري ڪري نه ئي ڪنهن ڪي مدد ڪانئس هنن طرفداري چلندي. ان کانپوءِ پنهنجو بيان يوان ڪرڻ بين نعمتن ٿيند جيڪي بني اسرائيلن عطا ڪرڻ آيو وَاِذْ نَجَّيْنٰكُمْ مِّنْ اٰلِ فِرْعَوْنَ يَسُوْمُوْنَكُمْ سُوْٓءَ الْعَذَابِ اي بني اسرائيلو! ياد ڪريو جڏهن اسان توهان کي نجات ڏني فرعون جي قوم کان جيڪي توهان کي ستائيندا هئا سخت عذاب سان. صرف فڪر آس توهان تڪليف ۽ ايذا واتاونچ يُذَبِّحُوْنَ اَبْنَآءَكُمْ يم ڪهش ڪران آس تهندين نچوين وَيَسْتَحْيُوْنَ نِسَآءَكُمْ زنده آس ٿاوان ڪورين تهنزن ٿيه تم مجه واتنه پيته تمن خدمتس بڪارين وَفِيْ ذٰلِكُمْ بَلَآءٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ عَظِيْمٌ اٿه اندر آس تهنز بڊ آزمائش ۽ امتحان تهندس پروردگار سنده طرفه ڪتان تخصن آس فرعونس نش پيشن گوئي ڪرمڙ ڪه بني اسرائيلن اندر سپده پيده اڪه لو ڪتاه ٿمسنده سببه چانِ سلطنت ۽ پادشاهت ختم سپده. تمه موکه هت تمِ بني اسرائيلن لوڪٽ زيوه ڊنوي مارن ڪورين هُند اوس نه امه قسمڪ ڪانهه خطره. تمي موکه اوس ڪورين زنده ٿاوان تمن اوس نه ماران ڪينهه يهه اوس ڪورين اندر ييه فائده ڪه تمن اوس بالغ سپد ٿه خدمتس لاگان وَاِذْ فَرَقْنَا بِكُمُ الْبَحْرَ فَاَنْجَيْنٰكُمْ وَاَغْرَقْنَآ اٰلَ فِرْعَوْنَ وَاَنْتُمْ تَنْظُرُوْنَ بييه پنهنجو سوواقعه ۽ ياد ڪرنس قابل يله جدا ڪوراسه تهنده سيت درياي قلزم. يله تهه ژلان آسوه فرعونس نشه نهه آو توهه درياے قلزم. يله دِيُت اسه توهه نجات. درياوس سپد تهنده خيطره باه ڪوچه. تهه وتهوه يمني ڪوچن اندر. توپته واتوه تهه اُپور. فرعون ۽ فرعونه سنز لشڪريم توهه پته دوران آس رفته خيطره تم ۽ وته يمني ڪوچن اندر. توپته واتوه تهه اُپور. فرعون ۽ فرعونه سنز لشڪريم توهه پته دوران آس رفته خيطره

عَنْكُمْ مِّنْ بَعْدِ ذٰلِكَ لَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ ﴿٥٢﴾ وَاِذْ اٰتَيْنَا مُوْسَى
الْكِتٰبَ وَالْفُرْقَانَ لَعَلَّكُمْ تَهْتَدُوْنَ ﴿٥٣﴾ وَاِذْ قَالَ مُوْسٰى لِقَوْمِهٖ
يٰقَوْمِ اِنَّكُمْ ظَلَمْتُمْ اَنْفُسَكُمْ بِاتِّخَاذِكُمُ الْعِجْلَ فَتُوْبُوْٓا
اِلٰى بَارِئِكُمْ فَاقْتُلُوْٓا اَنْفُسَكُمْ ۭ ذٰلِكُمْ خَيْرٌ لَّكُمْ عِنْدَ
بَارِئِكُمْ ۭ فَتَابَ عَلَيْكُمْ ۭ اِنَّهٗ هُوَ التَّوَّابُ الرَّحِيْمُ ﴿٥٤﴾ وَاِذْ

---

تم ته وڃهه ڀني کو ڇن اندر- يا متهه ٿهند پتم اپاره ٻٺهه کهوت فرعونين هند پتم شخص درياوس اندر ووتهه- آبس سپد حکم پڇهه- تمي سيت کر اسهه غرق اٿهه درياوس اندر ساري فرعوني- تهه آسوه اپاره ڀٽس پيٹهه تهنده ڦٽنک ته غرق سپدنک تماشه وڇهان- وَاِذْ وٰعَدْنَا مُوْسٰٓى اَرْبَعِيْنَ لَيْلَةً ييه پاوو ژٽس يله اسهه اوره وعده کور موسٰی علیه السلامس سيت اسهه کور وعده ٽس سيت توريت عطا کره نک- تم کور وعده اسهه سيت کوه طورس پيٹهه ينک- تو پته ژتجهن ٤٠ راتن ته دوہن کوه طورس پيٹهه روزنک بطور اعتکاف ثُمَّ اتَّخَذْتُمُ الْعِجْلَ مِنْۢ بَعْدِهٖ تو پته بنووَن توہهِ سونه سند ووژه- تسنزي هيژوه توہهِ پرستش گرن موسٰی علیه السلامس پته- تم آسِ کوهِ طورس پيٹهه اعتکاف کران وَاَنْتُمْ ظٰلِمُوْنَ تهه آسوه معبودِ برحقس وراي پانے تيار کر مُتِس ته گرمتِس وژه سنز عبادت ته پرستش کرنه سيت صريح ظلم کره دِن- ثُمَّ عَفَوْنَا عَنْكُمْ مِّنْۢ بَعْدِ ذٰلِكَ لَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ تو پته ته کور اسهه اٿهه بڈسِ جرمس عفو ته درگذر تهنده توبه کرنه پته يتهه تهه شکر گذاري کرو- پانس پيٹهه مانوِسون بوڈ احسان وَاِذْ اٰتَيْنَا مُوْسَى الْكِتٰبَ وَالْفُرْقَانَ لَعَلَّكُمْ تَهْتَدُوْنَ ييه پاوو ژٽس يله اسهه عطا کر موسٰی علیه السلامس کتاب يميک اسهه تمسِ سيت وعده کور مُت اوس يعني توريت- ييه تم معجزه يمو سيت پزِس ته اپزِس منز فرق سپدان آس يتهه توہهِ وَتهه ييه راه راستس ٽن وَاِذْ قَالَ مُوْسٰى لِقَوْمِهٖ يٰقَوْمِ اِنَّكُمْ ظَلَمْتُمْ اَنْفُسَكُمْ بِاتِّخَاذِكُمُ الْعِجْلَ فَتُوْبُوْٓا اِلٰى بَارِئِكُمْ ييه پاوو ژٽس يله موسٰی علیه السلامن فرموو پنه نس قومس اے قوم توہهِ کوروه ظلم پانِ پانس کيازه توہهِ کور وَن مقرر بے جان ووژهاه پنُن معبود- پس کرِو تهه توبه ته رجوع پنه نسِ

قُلْتُمْ يٰمُوْسٰى لَنْ نُّؤْمِنَ لَكَ حَتّٰى نَرَى اللّٰهَ جَهْرَةً فَاَخَذَتْكُمُ
الصّٰعِقَةُ وَاَنْتُمْ تَنْظُرُوْنَ ﴿٥٥﴾ ثُمَّ بَعَثْنٰكُمْ مِّنْ بَعْدِ مَوْتِكُمْ
لَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ ﴿٥٦﴾ وَظَلَّلْنَا عَلَيْكُمُ الْغَمَامَ وَاَنْزَلْنَا
عَلَيْكُمُ الْمَنَّ وَالسَّلْوٰى ؕ كُلُوْا مِنْ طَيِّبٰتِ مَا رَزَقْنٰكُمْ ؕ
وَمَا ظَلَمُوْنَا وَلٰكِنْ كَانُوْۤا اَنْفُسَهُمْ يَظْلِمُوْنَ ﴿٥٧﴾

---

پيدا ڪري ونس ٿن. تن لڳ ڏينهن وڻ ڪياه ڳرو اٿس. موسیٰ عليه السلام فرمو ڏکه فَاقْتُلُوْۤا اَنْفُسَكُمْ پس مارِيو تہ قتل ڪريو ته پڻ پان ۾ مو ڏهه سنڌ عبادت ته پرستش ڪرهڙ پڇه. تم ڪرن قتل تمن ۾ موڏهه سنڌ عبادت ڪرهڙ ڇه ذٰلِكُمْ خَيْرٌ لَّكُمْ عِنْدَ بَارِئِكُمْ اِي طريقو مرن ٿو ٿهنده خيطره بهتر ٿهندس خالقس نشه يعني الله تعالیٰ اس نشه. پس مار تمو پڻ پان. ڪوڙکه توبه. فَتَابَ عَلَيْكُمْ پس ڪور ٿهند توبه الله تعالیٰ ان قبول اِنَّهٗ هُوَ التَّوَّابُ الرَّحِيْمُ پڙ پاٺهِ سو ڇهو گنهگارن هند توبه قبول ڪره ان. سو ڇهو تمن پيٺه مهربان ته رحمته وول وَاِذْ قُلْتُمْ يٰمُوْسٰى لَنْ نُّؤْمِنَ لَكَ حَتّٰى نَرَى اللّٰهَ جَهْرَةً ته پاد وڙلس اي بني اسرائيليه تو هه دوپوه موسیٰ عليه السلام س اسه نيو پانس سيت ڪوه طورس پيٺه ڪلام خدا بوزناونه خيطره تو پته بوزوه تو هه ڪلام خدا توريت مگر ڏينهن لگوه ٿهه اسه ڪياه ڇهه خبر يه ڪلام ڪس ڇهو فرماوان. يوت تام نه اَسِ ڪلام فرماوه ون واره وڇهون توت تام ڪٿه پاٺه بهه اسه يعني اعتماد ييه اسه يه ڪياه ڇهو ڪلامِ خدا فَاَخَذَتْكُمُ الصّٰعِقَةُ وَاَنْتُمْ تَنْظُرُوْنَ پس رٽوه ٿهه اسه گستاخي سببه وڇهان وڇهان اکه ترٽه تمه ترٽه ٿهه ساري يڪدم ماروه ثُمَّ بَعَثْنٰكُمْ مِّنْ بَعْدِ مَوْتِكُمْ تمه پته ڪرووه اُس ٿهه ييه زنده اسه ترٽه سيت مرنه پته موسیٰ عليه السلام سنده دُعا ڪرنه پته لَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ ٿهه ييه زنده ڪرِچ نعمت محسوس ڪرِتهه شڪر گذاري ڪرو وَظَلَّلْنَا عَلَيْكُمُ الْغَمَامَ وَاَنْزَلْنَا عَلَيْكُمُ الْمَنَّ وَالسَّلْوٰى ييه ترووَاسه توهه پيٺه ابرڪ سايه يله ٿهه ميدان ٿيهس منز تاپه سيت دزان آسوه ييه واتنو واسه توهه اَش غيبي خزانه منزه اکه چيزا ٿهه ترنجبين وتان ٿهه يُس ديره ماٺهک پاٺه ڪلين هندين برگن پيٺه آسان ٿهو.

وَاِذْ قُلْنَا ادْخُلُوْا هٰذِهِ الْقَرْيَةَ فَكُلُوْا مِنْهَا حَيْثُ شِئْتُمْ
رَغَدًا وَّادْخُلُوا الْبَابَ سُجَّدًا وَّقُوْلُوْا حِطَّةٌ نَّغْفِرْ لَكُمْ
خَطٰيٰكُمْ ۚ وَسَنَزِيْدُ الْمُحْسِنِيْنَ ۵۸ فَبَدَّلَ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا قَوْلًا
غَيْرَ الَّذِيْ قِيْلَ لَهُمْ فَاَنْزَلْنَا عَلَى الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا رِجْزًا
مِّنَ السَّمَآءِ بِمَا كَانُوْا يَفْسُقُوْنَ ۵۹ وَاِذِ اسْتَسْقٰى مُوْسٰى لِقَوْمِهٖ

---

بیہ باٹرن ہُند ماز كُلُوْا مِنْ طَيِّبٰتِ مَا رَزَقْنٰكُمْ اسہِ دوپ تِہندِ کھیو تِمو نفیس چیز واندرہ تِم اسہِ توہہِ عطا کروہ۔ مگر اتھہ اندر تہِ کرکھ نا فرمانی یمہ سیت تِمن پانس سخت نقصان ووت وَمَا ظَلَمُوْنَا وَلٰكِنْ كَانُوْٓا اَنْفُسَهُمْ يَظْلِمُوْنَ تمو واتنوو نہ اسہِ کانہہ تکلیف تہ نقصان بلکہ آسِ واتناوان تِمِ نقصان پنہ نین پانن وَاِذْ قُلْنَا ادْخُلُوْا هٰذِهِ الْقَرْيَةَ فَكُلُوْا مِنْهَا حَيْثُ شِئْتُمْ رَغَدًا بیہ یاو وِٹس یلہِ اسہِ دوپ بنی اسرائیلن اژِو تِہہ یتھہ بستی اندر پس کھیو امہِ بستی اندرہ یتھہ یتھہ جایہِ توہہِ خوش کرہ امہِ شہر کیو چیز واندرہ یوت توہہ خوش کرہ تیوت۔ یعنی یڈ بریتھہ۔ وَّادْخُلُوا الْبَابَ سُجَّدًا وَّقُوْلُوْا حِطَّةٌ نَّغْفِرْ لَكُمْ خَطٰيٰكُمْ وَسَنَزِيْدُ الْمُحْسِنِيْنَ سیتی کورُکھ اسہِ حکم کہ یلہ تِہِہ امہِ شہرکہِ دروازہ کِنِ اتھہ شہرس منز اژو۔ اژان اژان تھوزِہ تِہہ کلہ بون کِنُ یعنی کلہ نومرِ تھہ اژزِہ عاجزی سان بیہ گرِھہِ تِہند پُرن لفظ حِطّۃ ییمیک معنی چُھو اَسِ چھہِ توبہ کران۔ تِمہ سیت کرِ واَسِ تِہندین برونٹھین گنہن مغفرت بیہ کرِ واَسِ زیادہ ثواب عطا رِژہ عملہ کرہ و نین فَبَدَّلَ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا قَوْلًا غَيْرَ الَّذِيْ قِيْلَ لَهُمْ پس بدلوو تمو ظالمو سُو لفظ تِھہ لفظس سیت یُس نہ تِمن وننہ آمت اوس۔ تمو دوپ حبۃ فی شعرۃ فَاَنْزَلْنَا عَلَى الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا رِجْزًا مِّنَ السَّمَآءِ بِمَا كَانُوْا يَفْسُقُوْنَ پس کوراسہِ نازِل تِمن ظالمن پیٹھہ آسمانکہِ طرفہ اکھ عذاباہ۔ کیازہ تِمِ آسِ کران سانِ نافرمانی تہ عدولِ حکمی۔ ناراہ اکھ گو پیدہ آسمانکہِ طرف تِمِ نارن اکی ساتہ ژوہ ساس ۲۴۰۰۰ انسان۔ بیہ روایتہ موجب ۷۰۰۰۰ (ستھتھہ ساس) انسان زالتھہ تراو بعضی مفسرو فرمادکہ سُو عذاب اوس طاعون یمہ سیت اَڈس دوہس اندر ستتھہ ساس لوک مود وَاِذِ اسْتَسْقٰى مُوْسٰى لِقَوْمِهٖ

فَقُلْنَا اضْرِبْ بِّعَصَاكَ الْحَجَرَ ۖ فَانْفَجَرَتْ مِنْهُ اثْنَتَا عَشْرَةَ
عَيْنًا ۖ قَدْ عَلِمَ كُلُّ أُنَاسٍ مَّشْرَبَهُمْ ۖ كُلُوا وَاشْرَبُوا مِنْ رِّزْقِ
اللّٰهِ وَلَا تَعْثَوْا فِي الْأَرْضِ مُفْسِدِينَ ﴿٦٠﴾ وَإِذْ قُلْتُمْ يٰمُوسٰى
لَنْ نَّصْبِرَ عَلٰى طَعَامٍ وَّاحِدٍ فَادْعُ لَنَا رَبَّكَ يُخْرِجْ لَنَا مِمَّا
تُنْبِتُ الْأَرْضُ مِنْ بَقْلِهَا وَقِثَّائِهَا وَفُومِهَا وَعَدَسِهَا وَ
بَصَلِهَا ۖ قَالَ أَتَسْتَبْدِلُونَ الَّذِي هُوَ أَدْنٰى بِالَّذِي هُوَ

بيہ پاڻ وڌ ٿس يلہ موسیٰ کليم اللّٰهن طلب باران ڪورنہ قومہ خيطرہ آب موڪلهہ اللّٰه تعالیٰ اس اللّٰه تعالیٰ
پڇو فرماوان فَقُلْنَا اضْرِبْ بِّعَصَاكَ الْحَجَرَ پس فرمووا سہ موسیٰ کليم اللّٰهس ژنڈ ديلہ پتہ لورہ سيت
متهہ ڪنہ يوسہ توہہ بروٹهہ ڪنہ چهہ فَانْفَجَرَتْ مِنْهُ اثْنَتَا عَشْرَةَ عَيْنًا پس جاری سپد تمہ ڪنہ منزہ باہ ناگ
راد تمين بنی اسرائيلن ہندن قبيلن ہنزہ گرزٕ حضرت يعقوب عليہ السلامس آس باہ فرزند اَکس اَکس
فرزندہ سند اولاد آسوا کھ اکھ قبيلہ تمنی قبيلن ہندہ تعدادہ تہ شمارہ موجب درای تمہ ڪنہ منزہ باہ
ناگ قَدْ عَلِمَ كُلُّ أُنَاسٍ مَّشْرَبَهُمْ چنانچہ معلوم سپد پرتهہ اَکس شخصس پنہ پنہ آب چهُنہ تہ آب
حاصل کرنچ جاے چنانچہ ونہ آکھ كُلُوا وَاشْرَبُوا مِنْ رِّزْقِ اللّٰهِ وَلَا تَعْثَوْا فِي الْأَرْضِ مُفْسِدِينَ اے
بنی اسرائيلو کھيتو يہ منِ وسلویٰ بيہ چيو تمنِ چشمن ہند آب۔ بيہ مہ پهيروز ميلس اندر فساد تہ نتہ تلان
يعنی ميانين احکامن ہنز نافرمانی کران وَإِذْ قُلْتُمْ يٰمُوسٰى لَنْ نَّصْبِرَ عَلٰى طَعَامٍ وَّاحِدٍ بيہ پاڻ وڌ ٿس
اے بنی اسرائيلو توہہ درخواست کورو حضرت موسیٰ عليہ السلامس کہ اے موسیٰ اَسِ حضں ہيکونہ
صبر تہ برداشت کرِتھ اکی قسمہ کِ کھينہ چيزس پيٹھ اسِ آسے پرتهہ دوہ منِ وسلویٰ کھيوان کھيوان سخت
عاجز فَادْعُ لَنَا رَبَّكَ يُخْرِجْ لَنَا مِمَّا تُنْبِتُ الْأَرْضُ مِنْ بَقْلِهَا وَقِثَّائِهَا وَفُومِهَا وَعَدَسِهَا وَبَصَلِهَا
پس منگو حضں سانہِ خيطرہ پنہ نس خدايس کہ سو کھارِہ سانہ خيطرہ تم تم چيز تم زمينہ منزہ کھسان چھہ تِيچ
ترکارِہ ہشہ۔ لار تمک بيہ ککھہ تمک۔ بيہ روہن تمک بيہ۔ مسرٕ تمک بيہ پران تمک قَالَ

وَاتَّقُوْهُ ؕ وَهُوَ الَّذِیْۤ اِلَیْهِ تُحْشَرُوْنَ ﴿۷۲﴾ وَهُوَ الَّذِیْ خَلَقَ
السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ ؕ وَیَوْمَ یَقُوْلُ كُنْ فَیَكُوْنُ ؕ۬
قَوْلُهُ الْحَقُّ ؕ وَلَهُ الْمُلْكُ یَوْمَ یُنْفَخُ فِی الصُّوْرِ ؕ عٰلِمُ الْغَیْبِ وَ
الشَّهَادَةِ ؕ وَهُوَ الْحَكِیْمُ الْخَبِیْرُ ﴿۷۳﴾ وَاِذْ قَالَ اِبْرٰهِیْمُ لِاَبِیْهِ اٰزَرَ

---

کَتھ پاڻهِ اَنو ڻرک بخدا۔ اَسئے حُکم کرنه آوَ فرمابردار روڻن عالمين هندِ س پروردگارَ س وَاَنْ اَقِیْمُوا الصَّلٰوةَ وَاتَّقُوْهُ بیهِ آوَ حُکم کرنه اَسهِ که نماز ٿاوِ و برپا پابندی سان۔ بیه آوَ حکم کرنه کهِ کهو ڙو خدائس۔ تس شریک ٿاونه ته تسنز نافرمانی کرنهِ نِشهِ رُوزِو پَتھ وَهُوَ الَّذِیْۤ اِلَیْهِ تُحْشَرُوْنَ سُو گو سُوی پروردگارَیس بروٺهکِنه توههِ سارنی حِساب دِنه خیطره جمع پیو کرنه، مُشرِک ڈَچهَن پائے تمهِ دُوهه ڙرِکُک مَزه وَهُوَ الَّذِیْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ بیهِ گو سُو پرَوردگار سُوی یمِ آسمان ته زمین پیده کَرِ پَزِپاٹِ مخلوقن هندِ ه فائده خیطره، بوڈ فائده چھو یہ ہے کهِ یم دوشوٕے چھهِ تمسندی مخلوق، دوشوٕے چھهِ دلالت کران تمسِندِ س وحدانِیتس پیٹھ وَیَوْمَ یَقُوْلُ كُنْ فَیَكُوْنُ بیهِ یمه دوهه دَیهِ سُو خالِق کُل حُکم کرِهِ قیامَتس سپَد برپا۔ اتی سپدِ ه قیامت برپا۔ قَوْلُهُ الْحَقُّ وَلَهُ الْمُلْكُ یَوْمَ یُنْفَخُ فِی الصُّوْرِ تمسندُ یهِ وَنُن چھو باثر۔ توهندِ وی چھو مُلک۔ تهنزی چھهِ پادشاهت۔ یمه دوهه پوغس منز دومُم پھوکه پیه دِنه تمی دوهه ننهِ حکومُت الله تعالیٰ سنز۔ یلهِ سُو فیصله کرِهِ مو ّحدن ته مشرکن منز۔ عٰلِمُ الْغَیْبِ وَالشَّهَادَةِ سُوی چھو زانه وُن ته سو رُوی یه کھٹِتھ چھو مخلُوقن نِشهِ بیهِ ته سو رُوی یه نون چھو مخلُوقن نِشهِ۔ تس نِشهِ چھو نه کهٹِتھے کانه چیز۔ وَهُوَ الْحَكِیْمُ الْخَبِیْرُ سُوی چھو سیٹھاه حِکمت وول ته سیٹھاه زانَن وول۔ تس چھهٕ سارِچی پُوره خبر۔ مضمونِ آیاتِ قرآنیو سیت چھو معلوم سپدان کهِ حضرتِ ابراهیمه سُند قوم اُوس بُت پرستی تهِ کران۔ بیه اُوس سِتارَن آفتابس ته زونهِ تهنز پرستش کران۔ تمن دوشونِ خیالن هُند رَدکور حضرتِ ابراهیمن۔ تمهِ پَتهِ چھو الله تعالیٰ یمن آیات کرِ تمن اندر ذِکرِ فرماوان وَاِذْ قَالَ اِبْرٰهِیْمُ لِاَبِیْهِ اٰزَرَ بیهِ چھو سُو وقت تهِ ڙٹیس پاونس قابلِ یلهِ حضرتِ ابراهیمن

أَتَتَّخِذُ أَصْنَامًا آلِهَةً ۚ إِنِّي أَرَاكَ وَقَوْمَكَ فِي ضَلَالٍ مُّبِينٍ ﴿٧٤﴾
وَكَذَٰلِكَ نُرِي إِبْرَاهِيمَ مَلَكُوتَ السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ وَلِيَكُونَ
مِنَ الْمُوقِنِينَ ﴿٧٥﴾ فَلَمَّا جَنَّ عَلَيْهِ اللَّيْلُ رَأَىٰ كَوْكَبًا ۖ قَالَ هَٰذَا
رَبِّي ۖ فَلَمَّا أَفَلَ قَالَ لَا أُحِبُّ الْآفِلِينَ ﴿٧٦﴾ فَلَمَّا رَأَى الْقَمَرَ بَازِغًا
قَالَ هَٰذَا رَبِّي ۖ فَلَمَّا أَفَلَ قَالَ لَئِن لَّمْ يَهْدِنِي رَبِّي لَأَكُونَنَّ
مِنَ الْقَوْمِ الضَّالِّينَ ﴿٧٧﴾ فَلَمَّا رَأَى الشَّمْسَ بَازِغَةً قَالَ هَٰذَا رَبِّي

---

دوپ مالِس پننہ ِس، آذرس ناوُس أَتَتَّخِذُ أَصْنَامًا آلِهَةً ای آذر کیاہ ژہ چھوکھ بُتن زانان معبود پنِنِ تِم پائے گران چھوہکھ إِنِّي أَرَاكَ وَقَوْمَكَ فِي ضَلَالٍ مُّبِينٍ بُہ چھوسکھ وچھان ژہ تہ ہیہِ چون قوم، تِم ژہ اَتھ اِعتقادس اندر موافق چھِی ینہ گمراہی اندر۔ شو بیا انسانس اشرف المخلوقات آسِتھ بے جان چیز پنِنِ معبود زانِن۔ وَكَذَٰلِكَ نُرِي إِبْرَاهِيمَ مَلَكُوتَ السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ وَلِيَكُونَ مِنَ الْمُوقِنِينَ اِتھہ پاٹھِہ حضرتِ ابراہیمس ہاوَاسہِ بُت پرستی ہنز خرابی تہ بُطلان۔ یتھے پاٹھِ ہاوَاسہِ تس آسمان وزمینچ پادشہت یُتھہ سُو سپدِہ کامل یقینہ والیو اَندرہ فَلَمَّا جَنَّ عَلَيْهِ اللَّيْلُ رَأَىٰ كَوْكَبًا قَالَ هَٰذَا رَبِّي چنانچہ یلہ رات تِمن پیٹھ تاریک سپز۔ وُچھ تِمو تارُکاہ اَکھ۔ پننہِ ِس قومس لگِ ونہ یو ہے چھامیُون تہ تُہند رُب تہندِہ خیالہ فَلَمَّا أَفَلَ قَالَ لَا أُحِبُّ الْآفِلِينَ دوہُن بُہ چھوسکھ نہ پسند کران لوسونِ چیز۔ تِم ہیکن نہ کانسہِ ہندِ رُب آسِتھ فَلَمَّا رَأَى الْقَمَرَ بَازِغًا تِمہِ پتہ یلہ تِم وُچھِ زُون زوتان تہ پھِہ کران قَالَ هَٰذَا رَبِّي تِمو پرُژھ قومس یو ہے چھامیُون رُبّ تُہند خیالہ فَلَمَّا أَفَلَ قَالَ لَئِن لَّمْ يَهْدِنِي رَبِّي لَأَكُونَنَّ مِنَ الْقَوْمِ الضَّالِّينَ پس یلہ سوتہِ لوس دوپکھ ہرگاہ نے میہ پروردگار وَتھ ہاوہ ہے تلہِ بنہ ہاو بوتہ تُہندِ پاٹھِہ گمراہ لوکو اَندرہ۔ فَلَمَّا رَأَى الشَّمْسَ بَازِغَةً پس یلہِ رات گژھتھ دوہ آو تہ آفتاب وُچھ تِمو شُولہ ماران کھسان قَالَ هَٰذَا رَبِّي هَٰذَا أَكْبَرُ دوپکھ یو ہے آسہِ میُون رُب تُہندِہ خیالہ کیازِہ یہِ چھو بوڈوی یہِن بِنِ ستارن ہندِہ خوتہ۔ فَلَمَّا أَفَلَتْ پس یلہِ سُوتہِ لوس قَالَ يَا قَوْمِ إِنِّي بَرِيءٌ مِّمَّا تُشْرِكُونَ دوپکھ

هٰذَآ اَكْبَرُ ۚ فَلَمَّآ اَفَلَتْ قَالَ يٰقَوْمِ اِنِّىْ بَرِىْٓءٌ مِّمَّا تُشْرِكُوْنَ ﴿٧٨﴾
اِنِّىْ وَجَّهْتُ وَجْهِىَ لِلَّذِىْ فَطَرَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ حَنِيْفًا وَّمَآ
اَنَا مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ ﴿٧٩﴾ وَحَآجَّهٗ قَوْمُهٗ ؕ قَالَ اَتُحَآجُّوْٓنِّىْ فِى اللّٰهِ
وَقَدْ هَدٰىنِ ؕ وَلَآ اَخَافُ مَا تُشْرِكُوْنَ بِهٖٓ اِلَّآ اَنْ يَّشَآءَ رَبِّىْ شَيْئًا ؕ
وَسِعَ رَبِّىْ كُلَّ شَىْءٍ عِلْمًا ؕ اَفَلَا تَتَذَكَّرُوْنَ ﴿٨٠﴾ وَكَيْفَ اَخَافُ مَآ
اَشْرَكْتُمْ وَلَا تَخَافُوْنَ اَنَّكُمْ اَشْرَكْتُمْ بِاللّٰهِ مَا لَمْ يُنَزِّلْ بِهٖ عَلَيْكُمْ

---

اے قوم بے شک بوچھوس بیزار تموساروی چیز ونشہ تم تھہ معبودِ برحقس شریک چھوکھ ٹھراوان اِنِّىْ وَجَّهْتُ وَجْهِىَ لِلَّذِىْ فَطَرَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ حَنِيْفًا وَّمَآ اَنَا مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ پزِ پاٹِ بُو پھیورس تس معبود برحقس کن تم آسمان تہ زمین گوڈنی پیدہ کور۔ ساروی اپزیو دِنیو نشہ الگ سپدتھ ییہ چھوس نہ بُو ہرگز تہندِ پاٹھہ خدا ایس شریک انہ و نیوانْدرہ وَحَآجَّهٗ قَوْمُهٗ قَالَ اَتُحَآجُّوْٓنِّىْ فِى اللّٰهِ وَقَدْ هَدٰىنِ تو پتہ آو تمن نشہ بحث کرنہِ قوم تُہند۔ تموٚ دوپُھ اَی قوم کیاہ تُہہ چھوٚہ بہان بحث لاگنہِ میہ سیت خدایہ سندِس توحیدس انْدر۔ حالانکہِ تم کور میہ ہدایت تہ وتھ ہاوٚنم توہہ بروٚنٹھکنہ صحیح دلیل پیش کرنس کن یوسہ میہ پیش کر وَلَآ اَخَافُ مَا تُشْرِكُوْنَ بِهٖٓ میہ مہٕ بہو کھوژناونہِ۔ میہ چھوٚ نہ کانہہ پروا تُہندین معبودانِ باطلَن ہُند۔ یم تُہہ لاشریکس شریک چھوکھ ٹھہروان۔ تم ہیکن نہ میہ کینہ کٔرِتھ میہ ہیکہِ نہ کانہہ تکلیف واتتھ اِلَّآ اَنْ يَّشَآءَ رَبِّىْ شَيْئًا مگر یے کہنہ یژھِ میون پروردگار وَسِعَ رَبِّىْ كُلَّ شَىْءٍ عِلْمًا اَفَلَا تَتَذَكَّرُوْنَ واتتھِ چھو میانس پروردگارہ سُند علم پرتھ چیزس۔ تس چھہٕ قدرتِ کاملہ تہ علم کامِل تُہندین معبودانِ باطلَن نہ قدرت تہ نہ علم۔ میہ کتھ چھوہ کھوژہ ناوان۔ مگر افسوس ایتہ وضاحتہ پتہ تہِ چھوِہ ناتُہہ نصیحت رٹان وَكَيْفَ اَخَافُ مَآ اَشْرَكْتُمْ بُوٚ کتھ پاٹھِ کھوژہ تُہندین معبودانِ باطلَن۔ تمن اَتھِ چھونہ کہنی۔ وَلَا تَخَافُوْنَ اَنَّكُمْ اَشْرَكْتُمْ بِاللّٰهِ مَا لَمْ يُنَزِّلْ بِهٖ عَلَيْكُمْ سُلْطٰنًا حالانکہِ کھوژُن پزہ ہا توہہِ مگر تُہہ چھوِہ نہ کھوژان پنہ نِس بڈِس جبرس۔ کیازہ وہہ ٹھہروٚوہ کُنس خُدا ایس شریک یُس

سُلْطٰنًا ۭ فَاَيُّ الْفَرِيْقَيْنِ اَحَقُّ بِالْاَمْنِ ۚ اِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ﴿۸۱﴾
اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَلَمْ يَلْبِسُوْٓا اِيْمَانَهُمْ بِظُلْمٍ اُولٰۗىِٕكَ لَهُمُ الْاَمْنُ
وَهُمْ مُّهْتَدُوْنَ ﴿۸۲﴾ وَتِلْكَ حُجَّتُنَآ اٰتَيْنٰهَآ اِبْرٰهِيْمَ عَلٰي قَوْمِهٖ ۭ
نَرْفَعُ دَرَجٰتٍ مَّنْ نَّشَاۗءُ ۭ اِنَّ رَبَّكَ حَكِيْمٌ عَلِيْمٌ ﴿۸۳﴾ وَوَهَبْنَا
لَهٗٓ اِسْحٰقَ وَيَعْقُوْبَ ۭ كُلًّا هَدَيْنَا ۚ وَنُوْحًا هَدَيْنَا مِنْ قَبْلُ

---

شریک آسنہ نش چھو منزّہ تہٕ پاک تےٚ شریک یُنھد س شریک آسنس پیٹھ نہ خدا ین کانہہ دلیلاہ نازل
کرمژ چھےٚ۔ ییہ دلیل بوزِتھ ونتو وارہ تأمل کٔرِتھ فَاَيُّ الْفَرِيْقَيْنِ اَحَقُّ بِالْاَمْنِ اِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ
یمو دوِیو جماعتو اندرہ یعنی مُشرِکو تہٕ مُوحِدو اندرہ کوسہ جماعت چھےٚ امنس تہٕ بے خوفی زیادہ مستحق ونتو
ہرگاہ تۄہیہِ کینہہ خبر چھےٚ یا کینہہ زانان چھوٚہ تُہہ کیاہ ہیکو ونتھ۔ اِس ونوو یوٚرے وارہ بوزِو۔ اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا
وَلَمْ يَلْبِسُوْٓا اِيْمَانَهُمْ بِظُلْمٍ اُولٰۗىِٕكَ لَهُمُ الْاَمْنُ وَهُمْ مُّهْتَدُوْنَ تمہ لوکہ یمو ایمان اُون معبودِ برحقس تہٕ
پتہٕ ملہِ نوونہ تمو ایمان پنُن شِرکس سیت تےٚ گئےٚ تم یہندِ خیطرہ چھو قیامتک دوہ امن تہٕ دلک قرار۔ بییہ
چھِ تےٚ دُنیاہس اندر سیزہ وَتہِ پیٹھ۔ صرف مُوحِد، پتھ رودِ مُشرِک تہندِ خیطرہ کُنہِ قسمہ اَمن وامان
چھونہ وَتِلْكَ حُجَّتُنَآ اٰتَيْنٰهَآ اِبْرٰهِيْمَ عَلٰي قَوْمِهٖ تےٚ گٔرہ سانہِ تمہ دلیلہ یمہِ اَسہِ عطا کٔرِ حضرتِ
ابراہیمس پننہ نِس قومس سیت بحث کرنہ خیطرہ۔ چونکہِ یمہِ دلیلہ کرِ اَسہِ عطا حضرتِ ابراہیمس تمی
مُوکھ چھےٚ یمہِ رژہ دلیلہ نَرْفَعُ دَرَجٰتٍ مَّنْ نَّشَاۗءُ ۭ اِنَّ رَبَّكَ حَكِيْمٌ عَلِيْمٌ حضرتِ ابراہیمہ سنز چھنہ
کانہہ خصوصیت بلکہِ چھِ اَسِ بُلند کران علمی و عملی درجہ، مرتبہ یتھوٚند، یُسند اَسِ یژھان چھِ۔ پزٕ پاٹھہِ
چُون پروردگار چھو سیٹھاہ حکمت وول، سیٹھاہ زانن وول۔ پریتھ اکسند حال تہٕ استعداد چھو سُو پورہ زانان
تمی مُوجب چھو پریتھ اکس سُو کمال عطا کران یُس تس مناسب آسہِ وَوَهَبْنَا لَهٗٓ اِسْحٰقَ وَيَعْقُوْبَ
بییہ کور عطا اسہِ حضرتِ ابراہیمس اکھ فرزند اہ، حضرتِ اسحٰق، بییہ اَمِس فرزندہ سُند فرزند حضرتِ
یعقوب علیہم السلام كُلًّا هَدَيْنَا تمن سارنی کور اَسہِ ہدایت۔ پزٕ س گن ہاواسہِ وَتھ تمن وَنُوْحًا هَدَيْنَا

وَمِنْ ذُرِّيَّتِهٖ دَاوٗدَ وَسُلَيْمٰنَ وَاَيُّوْبَ وَيُوْسُفَ وَمُوْسٰى وَ
هٰرُوْنَ ؕ وَكَذٰلِكَ نَجْزِى الْمُحْسِنِيْنَ ﴿٨٤﴾ۙ وَزَكَرِيَّا وَيَحْيٰى وَعِيْسٰى
وَاِلْيَاسَ ؕ كُلٌّ مِّنَ الصّٰلِحِيْنَ ﴿٨٥﴾ۙ وَاِسْمٰعِيْلَ وَالْيَسَعَ وَيُوْنُسَ
وَلُوْطًا ؕ وَكُلًّا فَضَّلْنَا عَلَى الْعٰلَمِيْنَ ﴿٨٦﴾ۙ وَمِنْ اٰبَآئِهِمْ وَذُرِّيّٰتِهِمْ
وَاِخْوَانِهِمْ ۚ وَاجْتَبَيْنٰهُمْ وَهَدَيْنٰهُمْ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ﴿٨٧﴾
ذٰلِكَ هُدَى اللّٰهِ يَهْدِىْ بِهٖ مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ ؕ وَلَوْ

---

مِنْ قَبْلُ بيهِ کوراسہِ ہدايت نوحس يمن بروٺھ وَمِنْ ذُرِّيَّتِهٖ دَاوٗدَ وَسُلَيْمٰنَ وَاَيُّوْبَ وَيُوْسُفَ وَمُوْسٰى وَهٰرُوْنَ حضرتِ ابراهيمہ سندوی اولادو منزه کراسہِ ہدايت، داوٗدس بيهِ حضرتِ سليمانٗس بيهِ حضرتِ ايوبس، بيهِ حضرتِ يوسفس، بيهِ حضرتِ موسیٰ اس بيه حضرتِ ہارونس علی نبينا وعليهم الصلوٰة والسلام وَكَذٰلِكَ نَجْزِى الْمُحْسِنِيْنَ تتھے پاٺھِ ڇھی اسِ مناسِب بدلہ تہ جزاء دِوان نيکوکار بندن وَزَكَرِيَّا وَيَحْيٰى وَعِيْسٰى وَاِلْيَاسَ كُلٌّ مِّنَ الصّٰلِحِيْنَ بيهِ کوٗر ہدايت اسہِ حضرتِ زکرياٗس بيهِ حضرت عيسیٰ اس بيهِ حضرتِ الياس تيم ساری آسِ رتيوبندٗواندره وَاِسْمٰعِيْلَ وَالْيَسَعَ وَيُوْنُسَ وَلُوْطًا وَكُلًّا فَضَّلْنَا عَلَى الْعٰلَمِيْنَ بيهِ کوراسہِ ہدايت حضرتِ اسمٰعيلس۔ بيه حضرتِ يسعٰس بيهِ حضرتِ يونس، بيهِ حضرتِ لوطس۔ تمن ساری ديُت اسہِ فضيلت نبوتہ سيت تمہ وقتہ کين عالمکين لوکن پيٺھ وَمِنْ اٰبَآئِهِمْ وَذُرِّيّٰتِهِمْ وَاِخْوَانِهِمْ بيهِ۔ سھنديومالِيو، بڈٗبوٗ آندره بيهِ اولادوٗ آندره بيهِ بايٗو اندره تہِ کوراسہِ واريٖهن ہدايت دِيَن حقس کُن۔ وَاجْتَبَيْنٰهُمْ وَهَدَيْنٰهُمْ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ بيهِ کٔرِ اسہِ تيم ساری بر گزيده تہ مقبول۔ بيه کوراسہِ تمن ہدايت سيزِ ہوٗتہِ کُن يعنی دين حقس کُن ذٰلِكَ هُدَى اللّٰهِ يَهْدِىْ بِهٖ مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ يوٗ ہے دين يتھہ کُن تمن ہدايت کرنہ آوٗ۔ يوٗ ہے گوٗ خدايہ سُند ہدايت۔ اتھہ کُن ڇھو اللہ تعالیٰ وَتھہ ہاوان تيمنِ يژھان ڇھو پنہ نيو بندوٗ اندره اتھہ کُن ہاوے بيهِ وتھہ اللہ تعالیٰ اَن سارنی لوکن مگر بِھِيوٗ کٔر نہ بيهِ وٗتھ اختيار۔ تموٗ ٹھراوِ خدائس شريک۔ شرک ڇھو اللہ تعالیٰ اس نُيتھہ

أَشْرَكُوا لَحَبِطَ عَنْهُم مَّا كَانُوا يَعْمَلُونَ ﴿٨٨﴾ أُولَٰئِكَ الَّذِينَ
آتَيْنَاهُمُ الْكِتَابَ وَالْحُكْمَ وَالنُّبُوَّةَ ۚ فَإِن يَكْفُرْ بِهَا هَٰؤُلَاءِ
فَقَدْ وَكَّلْنَا بِهَا قَوْمًا لَّيْسُوا بِهَا بِكَافِرِينَ ﴿٨٩﴾ أُولَٰئِكَ
الَّذِينَ هَدَى اللَّهُ ۖ فَبِهُدَاهُمُ اقْتَدِهْ ۗ قُل لَّا
أَسْأَلُكُمْ عَلَيْهِ أَجْرًا ۖ إِنْ هُوَ إِلَّا ذِكْرَىٰ لِلْعَالَمِينَ ﴿٩٠﴾ ع

---

ناپسند۔ عام لوڪن ھنن ڪيا ھجن ھا۔ وَلَوْ أَشْرَكُوا لَحَبِطَ عَنْهُم مَّا كَانُوا يَعْمَلُونَ ھرگاہ بفرضِ محال
ھي حضراتِ انبياء بہ نعوذ باللہ شرڪ ڪن ھا تہ خدا انھن ضرور سندن ضايع ٿيو سارا ڪيل ڪم تہ ھي
ڪري اسان امر شرڪ وڌو۔ أُولَٰئِكَ الَّذِينَ آتَيْنَاهُمُ الْكِتَابَ وَالْحُكْمَ وَالنُّبُوَّةَ ھي حضراتِ انبياء
جن ھنن ذڪر ڪرڻ آيو آھي ھي ڪي آھن انسان مجموعي طريقہ ڪتاب شريعت تہ نبوت عطا ڪئي فَإِن يَكْفُرْ
بِهَا هَٰؤُلَاءِ فَقَدْ وَكَّلْنَا بِهَا قَوْمًا لَّيْسُوا بِهَا بِكَافِرِينَ پس اگر نظير موجود آھن ھي مڪي لوڪ اھي
ٿيندا سندن نبوتن انڪار ڪرڻ، ڪرن، ڪنهن کي ڪا نہ غم توھان ڇو نہ ڪيو۔ ڪيا ڪنهن پاڻ انسان کي
اھو خطرہ مقرر ڪري ڇڏيو جماعت ھي نہ ھرگز آھن نبوتن ٿيندا انڪار ڪرڻ۔ بلڪ زانن ان نعمت پور
قدر۔ ھي گي مھاجر تہ انصار۔ ھي ھن پيروي تام أُولَٰئِكَ الَّذِينَ هَدَى اللَّهُ فَبِهُدَاهُمُ
اقْتَدِهْ ھي حضراتِ انبياء گي ھي بندگانِ خاص ھن اللہ تعاليٰ ان دشمن ھنن ڪن پيٺ صبر
ڪرڻ کي ھدايت ڪري۔ پس ھنن وقت پيڪو تہ صبر ڪرڻ اندر قُل لَّا أَسْأَلُكُمْ عَلَيْهِ أَجْرًا ھي تہ
فرمايو کہ ھي يارسول اللہ اي لوڪو ٻيو ڇو نہ منگان توھان تبليغ تہ رھنمائي خطرہ ڪا نہ مزدوري۔ بلڪ
ڇو ٻي غرض نصيحت ڪران إِنْ هُوَ إِلَّا ذِكْرَىٰ لِلْعَالَمِينَ ھي قرآن مجيد ڇو نہ مگر عالمين
ھندہ خطرہ ٻو وعظ تہ نصيحت، سمجھ مانن سيت توھي ٻوڙ فائدہ تہ نفع ڇو۔ نہ مانن سيت توھي سخت
نقصان ڇو۔ اھو يھوديا آھ آدني ڪريم صلي اللہ عليہ وسلم ھن خدمت اندر۔ ھي ھيوت ھن
سيت مذھبي گفتگو ڪرن ھئا اندر اوس سوکھ ڪران جوش اندر لوگ۔ ڏپن اللہ تعاليٰ ان ڇو نہ از

وَمَا قَدَرُوا اللّٰهَ حَقَّ قَدْرِهٖٓ اِذْ قَالُوْا مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ عَلٰى بَشَرٍ مِّنْ شَیْءٍ ؕ قُلْ مَنْ اَنْزَلَ الْكِتٰبَ الَّذِیْ جَآءَ بِهٖ مُوْسٰی نُوْرًا وَّ هُدًى لِّلنَّاسِ تَجْعَلُوْنَهٗ قَرَاطِیْسَ تُبْدُوْنَهَا وَ تُخْفُوْنَ كَثِیْرًا ۚ وَ عُلِّمْتُمْ مَّا لَمْ تَعْلَمُوْٓا اَنْتُمْ وَ لَآ اٰبَآؤُكُمْ ؕ قُلِ اللّٰهُ ۙ ثُمَّ ذَرْهُمْ فِیْ

---

تام کانه ڪتاب نازل ڪرمڙ. اتي سپڻ يم آيات ڪريمه نازل وَمَا قَدَرُوا اللّٰهَ حَقَّ قَدْرِهٖٓ اِذْ قَالُوْا مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ عَلٰى بَشَرٍ مِّنْ شَیْءٍ بيه ڪرنه تمو منڪر وخدايه سنز کانه قدر. اڙهه قدر ڪرڻ شوبه ها. ڪيازه تموودن الله تعالىٰ اَن ڇهنه نازلئے ڪر مڙ کانسه بشرس پيٺه ڀڻ کانه ڪتاباه. بيه وُن گو خدايس نسبت بے قدري ڪرڻ. ڪيازه امه سيت ڇهو لازم يوان نبوتس انڪار ڪرن يُس نبوتس انڪار ڪره تم زون الله تعالىٰ سُند فرمان اَپزنعوذ بالله. پزس تصديق تہ تسليم ڪرُن ڇهو واجب تمي سيت ڇهه يوان خدايه سنز قدر ڪرنه. لهذا تموِ تصديق و تسليمه بدل تکذيب وانڪار ڪور. تموڪر بے قدري يه گو اميڪ تحقيقِ جواب. اَمه پته ڇهو الله تعالىٰ فرماوان اميڪ اِلزامي جواب قُلْ مَنْ اَنْزَلَ الْكِتٰبَ الَّذِیْ جَآءَ بِهٖ مُوْسٰی تهه پرزهتو کهه اَي يهودو حضرتِ موسىٰ يُس ڪتاب پيٺه آو يعني تورات سُو ڪم ڪر نازِل نُوْرًا وَّ هُدًى لِّلنَّاسِ تڇِ ڪيفيت يه ڇهه ڪه سُو بذاتِ خود نُورڪ پاٺهِ واضح تہ رُوشن تمن لوگن هندِه هدايت خيطره سُوسُوزنه آيه تمن لوڪن هندِه خيطره ڇهو سُو بوڈ هدايت تَجْعَلُوْنَهٗ قَرَاطِیْسَ يُوسه ڪتاب تُهه پنه نيو نفساني اغراضو مُوکهه ورقه ورقه ڪرون تُبْدُوْنَهَا وَ تُخْفُوْنَ كَثِیْرًا يُس ورقاه پنه مطلب براري خيطره ڇهوِ خوش ڪران. سُو ڇهوِه هاوان تہ ظاهر ڪران. ڪهٽهه تہ پوشيده ڇهوِه تهاوان تمه منزه واريا حصه. يتهه منز تُهندِس مطلبس خلاف ڇهو ڪينهه آسان مثلِ نعتِ پيغمبر آخر الزمان صلى الله عليه وسلم وَ عُلِّمْتُمْ مَّا لَمْ تَعْلَمُوْٓا اَنْتُمْ وَ لَآ اٰبَآؤُكُمْ بيه اووه تُهه ڀڇهه ناونه تمهِ توراتڪه ذريعه سُو علم يُس. نه زانهو تُهه نه تهندِ مالِ تہ بڑ بب سو تورات نازِل سپدنه بُرونٺه قُلِ اللّٰهُ يوُرے فرماويو ڪهه تُهه ڪه الله تعالىٰ نے ڪر سُو ڪتاب نازِل لهذا ڪمه بُتهه ڇهوِه توهه يه ونان ڪه الله تعالىٰ اَن ڇهنه ڪانه ڪتاب نازِل ڪر مڙ ثُمَّ ذَرْهُمْ فِیْ خَوْضِهِمْ یَلْعَبُوْنَ بيه جواب يووزناونه پته تراويو ڪهه تم پنه نين شغلن منز. اَپزن ڪهن تہ

خَوْضِهِمْ يَلْعَبُوْنَ ﴿۹۱﴾ وَهٰذَا كِتٰبٌ اَنْزَلْنٰهُ مُبٰرَكٌ مُّصَدِّقُ الَّذِیْ
بَیْنَ یَدَیْهِ وَلِتُنْذِرَ اُمَّ الْقُرٰی وَمَنْ حَوْلَهَا ؕ وَالَّذِیْنَ یُؤْمِنُوْنَ
بِالْاٰخِرَةِ یُؤْمِنُوْنَ بِهٖ وَهُمْ عَلٰی صَلَاتِهِمْ یُحَافِظُوْنَ ﴿۹۲﴾ وَمَنْ
اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰی عَلَی اللّٰهِ كَذِبًا اَوْ قَالَ اُوْحِیَ اِلَیَّ وَلَمْ یُوْحَ

---

بیهوده کامین سیت روزن تم مشغول۔ توهہ پیٹھہ یہ فرض اُوس تہ اُوه توهہ بجاوئن مہ بر وِتهہ کانهہ فکر بو بوزه پائے تمن سیت وَهٰذَا كِتٰبٌ اَنْزَلْنٰهُ مُبٰرَكٌ مُّصَدِّقُ الَّذِیْ بَیْنَ یَدَیْهِ یتهہ پاٹھہ تورات اسی نازِل کورمُت اُوس۔ تتھے پاٹھہ چھویہ قرآنِ مجید تہ کتاباه یُوسہ اسی نازِل کٔر توهہ پیٹھہ یا رسُول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم۔ یُوسہ خیرو برکژ کتاب چھہٕ۔ یُس اکھاه تتھہ پژھ کرہِ۔ تمہ موجب عمل کرہِ تُسندہ خیطره چھو فلاحِ دارین۔ یہ کتاب یعنی قرآن مجید چھو تصدیق کرہ ڈن تمن کتابن یمہ اَمہ برونٹھہ چھہٕ نازِل کرنہ آمژه۔ لہٰذا چھویہ قرآن مجید دویو کتھو خیطره نازِل کورمُت۔ اکھہ مخلوقن ہندِه نفعہ خیطره یہ تمن کتابن ہندِه تصدیق کرنہ خیطره کہ تمہ کتابہ چھہ بے شک خدایہ سندی طرفہ نازِل کرنہ آمژه وَلِتُنْذِرَ اُمَّ الْقُرٰی وَمَنْ حَوْلَهَا یہ یتھہ تُہہ خصوصیتہ سان کھوژه ناویو کھ مکہ شریفک لوکھ۔ یہ تم اتھہ اندِ اِد چھوِ تمام عالمکِ لوکھ کیازه بیس جایہ چھہِ اللہ تعالیٰ فرماوان لِیَكُوْنَ لِلْعٰلَمِیْنَ نَذِیْرًا یتھہ سُو عالمہ کین لوکن کھوژه ناوه وَالَّذِیْنَ یُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ یُؤْمِنُوْنَ بِهٖ ساری لوکھ اگرچہ تُہندِه اَنذاره تہ بیم کرنہ سیت ایمان اَنَن نہ لیکن تمن لوکن آخرتژ پور پژھ چھہٕ تم چھہِ اتھہ قرآن مجیدس پژھ کران وَهُمْ عَلٰی صَلَاتِهِمْ یُحَافِظُوْنَ یہ چھہِ تم ایمان اَتھہ پنہ نین نمازن پیٹھہ ڈاڈ کران۔ پابندی سان پانژوَے وقت پوره ادا کران۔ کیازِه ایمان واعتقادس سیت یلہِ عمل تہ مکمل آسہِ تلہِ چھہٕ عذابہ نِشہِ نجات لبہ نژ امید وَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰی عَلَی اللّٰهِ كَذِبًا یہ کُس اکھاه چھویژ ظالمِ تس شخصہ سندِه خوتہ تمِ اپژنو وَروو معبُودِ بر حقس پیٹھہ نبوتس انکار کرنہ سیت یتھہ پاٹھہ تموِ یہود و کور تموِ دوپ مَاۤ اَنْزَلَ اللّٰهُ عَلٰی بَشَرٍ مِّنْ شَیْءٍ اللہ تعالیٰ ان کورنہ کانسہِ بشرس پیٹھہ کہنی نازِل اَوْ قَالَ اُوْحِیَ اِلَیَّ وَلَمْ

إِلَيْهِ شَيْءٌ وَمَن قَالَ سَأُنزِلُ مِثْلَ مَا أَنزَلَ اللَّهُ ۗ وَلَوْ تَرَىٰ إِذِ
الظَّالِمُونَ فِي غَمَرَاتِ الْمَوْتِ وَالْمَلَائِكَةُ بَاسِطُو أَيْدِيهِمْ أَخْرِجُوا
أَنفُسَكُمُ ۖ الْيَوْمَ تُجْزَوْنَ عَذَابَ الْهُونِ بِمَا كُنتُمْ تَقُولُونَ عَلَى اللَّهِ
غَيْرَ الْحَقِّ وَكُنتُمْ عَنْ آيَاتِهِ تَسْتَكْبِرُونَ ﴿٩٣﴾ وَلَقَدْ جِئْتُمُونَا
فُرَادَىٰ كَمَا خَلَقْنَاكُمْ أَوَّلَ مَرَّةٍ وَتَرَكْتُم مَّا خَوَّلْنَاكُمْ وَرَاءَ ظُهُورِكُمْ ۖ
وَمَا نَرَىٰ مَعَكُمْ شُفَعَاءَكُمُ الَّذِينَ زَعَمْتُمْ أَنَّهُمْ فِيكُمْ شُرَكَاءُ ۚ

---

يُوحَ إِلَيْهِ شَيْءٌ ته كوٗرن پننہ حقہ دعویٰ نبوت۔ ونن مہ کٕن چھو وحی یوان نازِل کرنہ حالانکہِ تس کٕن اوس نہ کانہہ وحیاہ نازِل سپدان مثل مسیلمہ کذاب وغیرہ وَمَن قَالَ سَأُنزِلُ مِثْلَ مَا أَنزَلَ اللَّهُ تتھے پاٹھہٕ کنہہ چھو بیٚیہ ظالم تس شخصہ سندِ ہ خوتہ یُس دوپ بوٚ تہِ ہیکہ نازِل کٔرِتھ تہ لوکن نِشہِ پیش کٔرِتھ تتھہ پاٹھہِ یتھہ پاٹھِ خدا چھو نازِل کران۔ کانہ اکھاہ چھو نہ تِمن لوکن ہندِ ہ خوتہ بیٚڑ ظالم وَلَوْ تَرَىٰ إِذِ الظَّالِمُونَ فِي غَمَرَاتِ الْمَوْتِ وَالْمَلَائِكَةُ بَاسِطُو أَيْدِيهِمْ تِمن ظالمن ہُند حال چھو یہِ کہِ اگر وچھکھ ژہ سُو وقت یمہِ ساتہ یم ظالم آسن موتہ چہ سختی اندر مُبتلا، رُوح کڈہ وِنِ ملایک آسن پنن اتھہ مُژہ راوت تِمن ظالمن کن ونان۔ أَخْرِجُوا أَنفُسَكُمُ اَی ظالمو جلد پنٛن کڈیو کھ پننِ زُو پنہ نیو پانو اندرہ الْيَوْمَ تُجْزَوْنَ عَذَابَ الْهُونِ بِمَا كُنتُمْ تَقُولُونَ عَلَى اللَّهِ غَيْرَ الْحَقِّ وَكُنتُمْ عَنْ آيَاتِهِ تَسْتَكْبِرُونَ ازکِ دُوہہ کیا ہِ توہہِ مرنس سیتی سزا دِنہ۔ خواری ہندِ ہ عذابہ سیت۔ کیازِہ تُہہ آسوہ ناخدایس نسبت تِمہ کتھہ لاگان یمہِ بالکل اَپزہ آسہ آسان۔ بیٚیہ آسِوہ تُہہ تہندِ آیات مانہ نِشہِ تہ تسلیم کرنہ نِشہِ تکبر کران وَلَقَدْ جِئْتُمُونَا فُرَادَىٰ كَمَا خَلَقْنَاكُمْ أَوَّلَ مَرَّةٍ یمہِ دوہہ قیامت سپدہ تمہ دُوہہ فرماویکھ اللہ تعالیٰ آوہ تُہہ اَسہ نِشہِ پتو لاکہ۔ اکہِ اکہِ تنِ تنہا۔ یارن تہ مددگارن ورای۔ یتھہ پاٹھہِ اَسہِ تُہہ گوڈنچہ لٹہِ تنہا دُنیاہس اندر پیدہ کرمت آسِوہ تنی تہ چھٔنی۔ نیتھہ نی تہ ننہ واری وَتَرَكْتُم مَّا خَوَّلْنَاكُمْ وَرَاءَ ظُهُورِكُمْ بیٚیہ ترووہ تہِ سوٗرُوی یہِ اَسہِ توہہِ دیتمت اوٗس پانس پتھہ کٕن۔ وَمَا نَرَىٰ مَعَكُمْ شُفَعَاءَكُمُ الَّذِينَ

لَقَدْ تَّقَطَّعَ بَيْنَكُمْ وَضَلَّ عَنْكُمْ مَّا كُنْتُمْ تَزْعُمُوْنَ ﴿٩٤﴾ ع
اِنَّ اللّٰهَ فٰلِقُ الْحَبِّ وَالنَّوٰى ؕ يُخْرِجُ الْحَيَّ مِنَ الْمَيِّتِ وَمُخْرِجُ
الْمَيِّتِ مِنَ الْحَيِّ ؕ ذٰلِكُمُ اللّٰهُ فَاَنّٰى تُؤْفَكُوْنَ ﴿٩٥﴾ فَالِقُ الْاِصْبَاحِ ۚ وَ
جَعَلَ الَّيْلَ سَكَنًا وَّالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ حُسْبَانًا ؕ ذٰلِكَ تَقْدِيْرُ الْعَزِيْزِ
الْعَلِيْمِ ﴿٩٦﴾ وَهُوَ الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ النُّجُوْمَ لِتَهْتَدُوْا بِهَا فِيْ
ظُلُمٰتِ الْبَرِّ وَالْبَحْرِ ؕ قَدْ فَصَّلْنَا الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّعْلَمُوْنَ ﴿٩٧﴾

---

زَعَمْتُمْ اَنَّهُمْ فِيْكُمْ شُرَكٰٓؤُا ییہ چھنہٕ آسِ وچھان توہہٕ سیت تم لوک یم توہہٕ پننہٕ گمان زانان آسیو کہ پنہ نین کامین اندر خدایہ سندِ شریک کٔنہٕ چھوِ تم۔ لَقَدْ تَّقَطَّعَ بَيْنَكُمْ پزٕپاٹھ چھلہ گٔییہٕ تمن سارنی تعلقاتن یم توہہٕ پانہ وانِ آسِ وَضَلَّ عَنْكُمْ مَّا كُنْتُمْ تَزْعُمُوْنَ ضایع سپُد توہہٕ نشہٕ تہٕ سورُوی ییہ توہہٕ گمانہ اُوس کہ معبودان باطل کرن آسہٕ شفاعت اِنَّ اللّٰهَ فٰلِقُ الْحَبِّ وَالنَّوٰى پزٕپاٹھ اللہ تعالیٰ چھو پھاٹہ دِن پرِتھ پھٔلِس تہٕ آنچہ یوسہ زمینس منز وونہ یوان چھہٕ يُخْرِجُ الْحَيَّ مِنَ الْمَيِّتِ وَمُخْرِجُ الْمَيِّتِ مِنَ الْحَيِّ سُوی چھو کڈان زِندس مُردس نِشہٕ، مُردس زندس نِشہٕ ذٰلِكُمُ اللّٰهُ فَاَنّٰى تُؤْفَكُوْنَ یوٚسے کیاہ گو معبود برحق یُس یِتھ پاٹھہٕ چھوِ تِہہ تَس پڑھ کرنہ نشہ گُریز کران تہٕ ژلان فَالِقُ الْاِصْبَاحِ سُوی چھو صُبح پھولہ راوہٕ دِن وَجَعَلَ الَّيْلَ سَكَنًا وَّالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ حُسْبَانًا ییہ کر رات تمی آرامک وقت کہ ساری چھہٕ تھکِت ژھیٖنتھ شونگنہ سیت آراماہ حاصل کران۔ ییہ کورُن آفتاب تہٕ زُونہٕ ہُند رفتار حسابہ موجب یمہٕ سیت وقتن ہندِس ضبط ور بطس اَندر آسانی چھہ سپدان ذٰلِكَ تَقْدِيْرُ الْعَزِيْزِ الْعَلِيْمِ ییہ چھو اندازہ تہٕ کاریگری، تَس خدایہٕ سنزٕ یُس غالب تہٕ سورُوی زانن وول چھو۔ وَهُوَ الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ النُّجُوْمَ لِتَهْتَدُوْا بِهَا فِيْ ظُلُمٰتِ الْبَرِّ وَالْبَحْرِ ییہ چھو سُو پروردگار سُوی یمہ ستارہ کرِ پیدہ یُتھ تِہہ وتھ لبِو اَنہ گٹن اندر خشکی ہنزن وتن تہٕ سمندرن اَندر قَدْ فَصَّلْنَا الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّعْلَمُوْنَ تحقیق اَسہٕ کرِ پننہ توحیدہ چہٕ دلیلہ بیان ویژھناوتھ تمن لُوکن ہندِہ خیطرٕ یم زانان چھہٕ رُت کیاہ چھو تہٕ بچھ کیاہ چھو وَهُوَ

وَهُوَ الَّذِيٓ اَنْشَاَكُمْ مِّنْ نَّفْسٍ وَّاحِدَةٍ فَمُسْتَقَرٌّ وَّمُسْتَوْدَعٌ ط
قَدْ فَصَّلْنَا الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّفْقَهُوْنَ ﴿٩٨﴾ وَهُوَ الَّذِيٓ اَنْزَلَ مِنَ
السَّمَآءِ مَآءً ۚ فَاَخْرَجْنَا بِهٖ نَبَاتَ كُلِّ شَيْءٍ فَاَخْرَجْنَا مِنْهُ خَضِرًا
نُّخْرِجُ مِنْهُ حَبًّا مُّتَرَاكِبًا ۚ وَمِنَ النَّخْلِ مِنْ طَلْعِهَا قِنْوَانٌ دَانِيَةٌ
وَّجَنّٰتٍ مِّنْ اَعْنَابٍ وَّالزَّيْتُوْنَ وَالرُّمَّانَ مُشْتَبِهًا وَّغَيْرَ
مُتَشَابِهٍ ط اُنْظُرُوْٓا اِلٰى ثَمَرِهٖٓ اِذَآ اَثْمَرَ وَيَنْعِهٖ ط اِنَّ فِيْ ذٰلِكُمْ

---

الَّذِيٓ اَنْشَاَكُمْ مِّنْ نَّفْسٍ وَّاحِدَةٍ بیہ گوسُو پروردگار سُوی تہم تُہہ ساری پیداہ کرِ واکسی شخص نِشِہ سُوگو حضرتِ آدم فَمُسْتَقَرٌّ وَّمُسْتَوْدَعٌ ئِس کرن تُہندِہ خیطرہ اَکھ قرار چ جایاہ۔ سُوگو ماجہ ہُند رِ رحم۔ بچہِ دانِ۔ تتھہ منزِکنہہ کالاہ روزِت چھوانسان دنیاءک اثر قبول کران بیہ کرن امانت تھاوِچ اکھ جایاہ سوگئیہِ قبر تتھ منزِکینہ کالاہ روزِت چھو آخر تک اثر قبول کران قَدْ فَصَّلْنَا الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّفْقَهُوْنَ پز پاٹ اَسہِ کرِ آیات پنِ بیان مُشراوِتھہ تِمن لوکن ہندِہ خیطرہ تہم سمجھدار چھہِ۔ وَهُوَ الَّذِيٓ اَنْزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَاَخْرَجْنَا بِهٖ نَبَاتَ كُلِّ شَيْءٍ بیہ گوسُو پرودگار سُوی تہم رُود ترِوو آسمانکہِ طرفہ ئِس کھارِاسہِ تمہ رُودہ سیت زمینہ منزہ پرِیتھہ قسمکِ کُلِ فَاَخْرَجْنَا مِنْهُ خَضِرًا ئِس کوڈ اَسہِ تمہ زمینہ منزہ سبز سبز شاخ نُّخْرِجُ مِنْهُ حَبًّا مُّتَرَاكِبًا تمہ منزہ چھوِ اَسِ کڈان لوکٹ لوکٹ دانہ تہم اکھہ اکس پیٹھہ آسان چھہِ وَمِنَ النَّخْلِ مِنْ طَلْعِهَا قِنْوَانٌ دَانِيَةٌ بیہ کڈ اَسہِ خضرہ کلیو اَندرہ تِمن ہندیو پوشہ ٹُوریو اَندرہ خضرن ہندِ گُرن تہم بوٗن گن ئے مِت آسان چھہِ وَّجَنّٰتٍ مِّنْ اَعْنَابٍ وَّالزَّيْتُوْنَ وَالرُّمَّانَ مُشْتَبِهًا وَّغَيْرَ مُتَشَابِهٍ بیہ کھارِ اَسہِ تِمی رُودہ سیت دَچھہِ باغ۔ بیہ زیتون باغ۔ بیہ دنٗن باغ تہم اکھہ اکس ہی چھہِ اکہ اِعتبارہ اکھہ اکس بَدَل چھہِ بیہ اعتبارہ اُنْظُرُوْٓا اِلٰى ثَمَرِهٖٓ اِذَآ اَثْمَرَ وَيَنْعِهٖ وارہ و چھو پرِیتھہ کلہ کِس میوس گن۔ یلہِ تتھہ میوہ لگان چھو تمہ ساتہ چھو آسان بدمزہ تہ ناقابلِ استعمال تمہ پتہ یلہِ سُو میوہ پپان چھو تمہ ساتہ چھو آسان مزہ دار سیٹھاہ فائیدہ مند۔ اَمہِ منزہ تہِ چھہِ نِنان خدایہ سنز

لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ ﴿٩٩﴾ وَجَعَلُوْا لِلّٰهِ شُرَكَآءَ الْجِنَّ وَخَلَقَهُمْ
وَخَرَقُوْا لَهٗ بَنِيْنَ وَبَنٰتٍۭ بِغَيْرِ عِلْمٍ ؕ سُبْحٰنَهٗ وَتَعٰلٰى عَمَّا يَصِفُوْنَ ﴿١٠٠﴾
بَدِيْعُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ اَنّٰى يَكُوْنُ لَهٗ وَلَدٌ وَّلَمْ تَكُنْ لَّهٗ
صَاحِبَةٌ ؕ وَخَلَقَ كُلَّ شَيْءٍ ۚ وَهُوَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ ﴿١٠١﴾
ذٰلِكُمُ اللّٰهُ رَبُّكُمْ ۚ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۚ خَالِقُ كُلِّ شَيْءٍ فَاعْبُدُوْهُ ۚ وَهُوَ

---

کمالِ قدرت اِنَّ فِیْ ذٰلِکُمْ لَاٰیٰتٍ لِّقَوْمٍ یُّؤْمِنُوْنَ وچھِو پزٕ پاٹھِہ یِمَن چیزن اندر چھےٚ توحید چہ بجہِ بجہِ دَلیلہٕ باایمانٕ ہندِہ خیٚطرٕ وَجَعَلُوْا لِلّٰہِ شُرَکَآءَ الْجِنَّ وَخَلَقَہُمْ وَخَرَقُوْا لَہٗ بَنِیْنَ وَبَنٰتٍۭ بِغَیْرِ عِلْمٍ بیٚیہِ ٹھہراوِہ لوکو شیطان خدایہِ سندِ شریک حالانکہِ تِم تہٕ چھِہ کرمتِ اللہ تعالیٰ نِیٔ پیدہ۔ یلہٕ نہٕ پیدہ کرہٕ وٕن تَس ورای کانہہ چھو۔ معبود کتھہ پاٹھِہ ہیکہِ تَس ورای کانہہ آستھ۔ بیٚیہ ٹھہراوٕ لوکو خدایَس پچھوٕ تہٕ کورِہ زانہہ تہٕ پچھانہہ ورای ازبس جہل ونادانی سُبْحٰنَہٗ وَتَعٰلٰی عَمَّا یَصِفُوْنَ منزہ تہٕ پاک چھو سُہ پروردگار یِمَو سارِے وی کتھو نِشہ۔ نہٕ چھوس شریک کانہہ نہٕ چھَس پچھوٕ تہٕ نہٕ چھَس کورِہ۔ بیٚیہ چھو سیٹھاہ بُلند تہٕ بالا تِمَو کتھو نِشہ یِمہٕ تَس مَن لوکھ لاگان چھِہ بے دلیل بَدِیْعُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ سُہ چھو موجد تہٕ گوڑہ پیدہ کرہٕ وٕن آسمانن تہٕ زمینن ہنٛد تَس ورای چھونہٕ آسمان وزمینک موجدِ کنہہ۔ لہٰذا شوبہِ سُوی معبودِ برحق اَنّٰی یَکُوْنُ لَہٗ وَلَدٌ وَّلَمْ تَکُنْ لَّہٗ صَاحِبَۃٌ تَس کتھہ پاٹھِہ آسَن اولاد۔ حالانکہِ تَس چھےٚنہٕ آسمٕژ آشنی زانہہ وَخَلَقَ کُلَّ شَیْءٍ تمی کور سورُی پیدہ۔ یتھہ پاٹھہ آسمان وزمین پیدہ کٔرِن تِتھے پاٹھِہ کٔرِن تِم تہٕ پیدہ یِم تُہہ تِہندِ اولاد یا شریک چھِو کھ ٹھہراوان۔ بنیا کہ خالقس آسَن مخلوق شریک۔ یتھہ کیاہ فرق روزِہ خالقس تہٕ مخلوقس منز وَہُوَ بِکُلِّ شَیْءٍ عَلِیْمٌ بیٚیہ چھو سُوی پرِیتھہ چیزاہ پورہ پورہ زانہٕ وٕن ذٰلِکُمُ اللّٰہُ رَبُّکُمْ لَآ اِلٰہَ اِلَّا ہُوَ یُہے معبودِ برحق کیا چھو تُہند پروردگار۔ کانہہ معبود اہ چھونہٕ تَس ورای خَالِقُ کُلِّ شَیْءٍ فَاعْبُدُوْہُ وَہُوَ عَلٰی کُلِّ شَیْءٍ وَّکِیْلٌ سارِہ کُوی پیدہ کرہٕ وٕن چھو سُوی یَس کٔرِو تُہنٛزی یاژ عبادت تہٕ بندگی۔ سُوی چھو پرِیتھہ چیزک کارساز۔ تَس ورای چھونہٕ کانہہ تہٕ کارساز حقیقی۔ لہٰذا اگر تُسنٛزی یاژ عبادت کرِو

عَلٰى كُلِّ شَىْءٍ وَّكِيْلٌ ﴿١٠٢﴾ لَا تُدْرِكُهُ الْاَبْصَارُ وَهُوَ يُدْرِكُ
الْاَبْصَارَ ۚ وَهُوَ اللَّطِيْفُ الْخَبِيْرُ ﴿١٠٣﴾ قَدْ جَآءَكُمْ بَصَآئِرُ مِنْ
رَّبِّكُمْ ۚ فَمَنْ اَبْصَرَ فَلِنَفْسِهٖ ۚ وَمَنْ عَمِيَ فَعَلَيْهَا ۭ وَمَآ اَنَا عَلَيْكُمْ
بِحَفِيْظٍ ﴿١٠٤﴾ وَكَذٰلِكَ نُصَرِّفُ الْاٰيٰتِ وَلِيَقُوْلُوْا دَرَسْتَ

---

سُو وانتاوِوہ سیٹھاہ نفع تہٕ فائیدہ۔ بیٖن ہنٛز عبادت کرِتھ کیاہ فائدہ نیِو۔ تم کیاہ دِنوہ۔ تِمن اَتھہِ کیاہ چھُو۔ خالق تہٕ چھُو سُوی۔ علیم تہٕ چھُو سُوی۔ وکیل تہٕ چھُو سُوی۔ تِم ساری چیز چھہِ منگان کہ معبود تہٕ گژھہِ سُوی آسُن۔ تہٕندوی شان چھُو یہِ لَا تُدْرِكُهُ الْاَبْصَارُ وَهُوَ يُدْرِكُ الْاَبْصَارَ وَهُوَ اللَّطِيْفُ الْخَبِيْرُ تس ہیکن نہ وچھِتھ۔ وچھن پتہٕ حقیقت دریافت کرِتھ، لُوکن ہنٛزہ اچھہِ دنیاہس اندر۔ آخرتس اندر وچھن تَس بایمان جنتس اَندر۔ مگر حقیقت تہٕ ماہیت سپدِہ نہ تِمن تہٕ دریافت۔ سُو چھُو پانہ تِمن سارنی اَچھن تہٕ اَچھہِ والین وُچھان تہٕ تہٕنز حقیقتِ تہٕ ماہیت زانان۔ یمہِ اَچھہِ نہ تسند اِدراک کرِتھ ہیکان چھہ ساری چھہِ تمی پیدہ کرمت۔ تَس چھہ خبری کہ کُس چیز کتھہ چھُو میہ پیدہ کورمُت کمہِ چیزچ کیاہ حقیقت چھہ۔ بعضی مفسرو فرموو کہ مخلوقن ہنٛزن اچھن منٛز چھُو نہ یہ قوتھے کہِ تَس کیاہ ہیکن وچھِتھ۔ مگر سُو چھُو لطیف، ازراہِ لطف و مہربانی ہیکہِ سُو کانسہِ ہنٛزن اچھن اندر سُو قوت پیدہ کرِتھ یمہِ سیٖت سُو تَس وچھِتھ ہیکہِ۔ بایمانَن تہٕ کرہ جنتس منٛز سو قوت عطا یمہ سیٖت تِم تہٕ وچھن پننہ نِس خدایس۔ سُو چھُو سارنی وُچھان۔ کیازِہ سُو چھُو خبیر۔ تَس چھہ خبرے کُس شخص کیاہ چھُو کمسنٛز حقیقت کِیا چھہ قَدْ جَآءَكُمْ بَصَآئِرُ مِنْ رَّبِّكُمْ پژیاٹِ واژہ توہہِ نشہِ دلیلہ پننہِ نِس پروردگارہ سندہِ طرفہ توحیدو رسالتہ کِس حق آسنس پیٹھہ فَمَنْ اَبْصَرَ فَلِنَفْسِهٖ وَمَنْ عَمِيَ فَعَلَيْهَا وَمَآ اَنَا عَلَيْكُمْ بِحَفِيْظٍ پَس یمس شخصن تِمن دلیلن منٛز غور و فکر کرِنہ سیٖت حق تہٕ پوز درنیٹھہ آو تمیک فائیدہ چھُو تَس پانَس۔ بیہِ یِم اُون لوگ تِمن دَلیلن کُن کوٗرُن نہ توجہ تہٕ نظر تمیک ضرر تہٕ نقصان چھُو تَس پانَس۔ بُو چھُوس نہ توہہِ پیٹھ راچھہِ۔ مجبور کِیاہ کرو وہ بُہ وارہٕ وُچھنس پیٹھہ وَكَذٰلِكَ نُصَرِّفُ الْاٰيٰتِ تِتھے پاٹھہِ چھہِ اَسِ توہہِ پھیر پھیر پننہ دلیلہ

وَلِنُبَيِّنَهٗ لِقَوْمٍ يَّعْلَمُوْنَ ﴿١٠٥﴾ اِتَّبِعْ مَآ اُوْحِيَ اِلَيْكَ مِنْ رَّبِّكَ ۚ لَآ
اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۚ وَاَعْرِضْ عَنِ الْمُشْرِكِيْنَ ﴿١٠٦﴾ وَلَوْ شَآءَ اللّٰهُ مَآ
اَشْرَكُوْا ۗ وَمَا جَعَلْنٰكَ عَلَيْهِمْ حَفِيْظًا ۚ وَمَآ اَنْتَ عَلَيْهِمْ
بِوَكِيْلٍ ﴿١٠٧﴾ وَلَا تَسُبُّوا الَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ فَيَسُبُّوا
اللّٰهَ عَدْوًاۢ بِغَيْرِ عِلْمٍ ۗ كَذٰلِكَ زَيَّنَّا لِكُلِّ اُمَّةٍ عَمَلَهُمْ ثُمَّ

---

مختلف طریقو بیان کران۔ یتھ تہ سارنی لوکن واتناوِو۔ وَلِيَقُوْلُوْا دَرَسْتَ تمن سپدن زہ جماژ۔ تمو اندرہ ضدی تہ مُڈہ تم دمَن یم پیغمبرن چھو سبق پورمُت کستان نشہِ۔ ورنہ یم تھدِ مضامین تتھ کنِ ہیکہِ ہایہِ بیان کرتھ وَلِنُبَيِّنَهٗ لِقَوْمٍ يَّعْلَمُوْنَ ییہِ یتھ وارہ وضاحت گرِ وٲسِ زانَن والین ہندہ خیطرہ۔ یعنی سمجھدار تہ انصاف پسند لوکن پیٹھ سپدہ واضح تہ روشن۔ تمن ژلن ساری شک تہ شُبہات اِتَّبِعْ مَآ اُوْحِيَ اِلَيْكَ مِنْ رَّبِّكَ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ وَاَعْرِضْ عَنِ الْمُشْرِكِيْنَ تُہہ روزِوِپانہ پیروی کران تتھ یہ تُوہہِ کُن وحی چھوِیوان سوزنہ تُھندِس پروردگارہ سندِہ طرفہ یارسول اللہ۔ اَتھ منز چھو بوڈ چیز یہِ اعتقاد تھاوُن کہ کانہہ معبود اہ چھونہ تَس ذاتِ پاکس وراے اَتھ پیٹھ قایم رُوزِتھ۔ مہ کرِو کانہہ توجہ مُشرکن کُن کہ تمن کیاہ گو تمو اون نہ ایمان وَلَوْ شَآءَ اللّٰهُ مَآ اَشْرَكُوْا تمیُک وجہ چھوا یہِ ہرگاہ خدا یژھِہ ہا تم لوک اَنہن نہ شِرک وَمَا جَعَلْنٰكَ عَلَيْهِمْ حَفِيْظًا ییہِ نہ کرِونہ اَسہِ تُہہ تہندِ را چھِہ نگہبان وَمَآ اَنْتَ عَلَيْهِمْ بِوَكِيْلٍ ییہِ چھِوہ نہ تُہہ تمن ہندِ ذمہ دار تہ جواب دِہی کرہ ونِ۔ توہہِ چھوہ مُتہِ فقط تمن تبلیغ کرُن سانِ پیغام واتناوُن وَلَا تَسُبُّوا الَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ اَی مُسلمانو تُہہ مہ آسِو لیکہ ژاران، بدونان۔ تمن معبودانِ باطلن یمن یم مُشرک معبود برحق تراوِتھ عبادت چھِہ کران۔ کیازہ تمیُک نتیجہ نیرہ فَيَسُبُّوا اللّٰهَ عَدْوًاۢ بِغَيْرِ عِلْمٍ تم تہِ ژارِن لیکہ معبودِ برحقس حدہ نشہِ تجاوز کرِتھ جہلہ تہ بے علمی سببہ۔ كَذٰلِكَ زَيَّنَّا لِكُلِّ اُمَّةٍ عَمَلَهُمْ اَسہِ چھو یتھے پاٹھِہ پرتھ کُنہِ جماعتس پننہِ پننہِ کامہِ زینت دِیو تمت یتھ پاٹھِہ تُہہ وچھان چھِوہ یتھ دنیاہس منز کوم یتھے پاٹھِہ جاری۔ یہ دُنیا چھونہ

إِلَىٰ رَبِّهِم مَّرْجِعُهُمْ فَيُنَبِّئُهُم بِمَا كَانُوا يَعْمَلُونَ ﴿١٠٨﴾ وَأَقْسَمُوا
بِاللَّهِ جَهْدَ أَيْمَانِهِمْ لَئِن جَاءَتْهُمْ آيَةٌ لَّيُؤْمِنُنَّ بِهَا ۚ قُلْ
إِنَّمَا الْآيَاتُ عِندَ اللَّهِ ۖ وَمَا يُشْعِرُكُمْ أَنَّهَا إِذَا جَاءَتْ لَا
يُؤْمِنُونَ ﴿١٠٩﴾ وَنُقَلِّبُ أَفْئِدَتَهُمْ وَأَبْصَارَهُمْ كَمَا لَمْ يُؤْمِنُوا
بِهِ أَوَّلَ مَرَّةٍ وَنَذَرُهُمْ فِي طُغْيَانِهِمْ يَعْمَهُونَ ﴿١١٠﴾ ع
وَلَوْ أَنَّنَا نَزَّلْنَا إِلَيْهِمُ الْمَلَائِكَةَ وَكَلَّمَهُمُ الْمَوْتَىٰ وَ
حَشَرْنَا عَلَيْهِمْ كُلَّ شَيْءٍ قُبُلًا مَّا كَانُوا لِيُؤْمِنُوا إِلَّا أَن يَشَاءَ

---

دارالمکافات۔ بدلہ ۽ سزا ڏنگ گره ثُمَّ إِلَىٰ رَبِّهِم مَّرْجِعُهُمْ فَيُنَبِّئُهُم بِمَا كَانُوا يَعْمَلُونَ تو پوءِ ڇو
چانسي پروردگار ڏانهن تمن ساري رجوع ڪرڻ۔ سو ٻڌائيندو تمن پائي تمہ ساري ڪوي پيو تم ڪران آس تو پوءِ
ڏيکھ سزا۔ تہہ مہ بڙ ڪانہہ غم وَأَقْسَمُوا بِاللَّهِ جَهْدَ أَيْمَانِهِمْ تمو منڪرو ها و سخت قسم خدا ۽ سند نهايت
زوره سان ڪه لَئِن جَاءَتْهُمْ آيَةٌ لَّيُؤْمِنُنَّ بِهَا هرگاه تمن ڪنهن ولتہ ڪانہہ فرمائيشي معجزه ۽ نشانہ تم اَنَ
ضرور تتھ ايمان۔ قُلْ إِنَّمَا الْآيَاتُ عِندَ اللَّهِ تہہ فرماويوکھ جواب ڪہ ساري آيات ڇھ خدا ڪس
اَتھ۔ ميہ اَتھ ڇھونہ ڪنهي۔ وَمَا يُشْعِرُكُمْ أَنَّهَا إِذَا جَاءَتْ لَا يُؤْمِنُونَ تو پوءِ ڪھ چيز زار اوہ توہہ
پيہ ڪتھ ڪہ هرگاسو نشانہ ۽ سو معجزه ته تمن ڪنهن ولتہ۔ تو پوءِ ته اَنْ نہ تم ايمان۔ اسہ ڇھ اڃ خبر۔ وَنُقَلِّبُ
أَفْئِدَتَهُمْ وَأَبْصَارَهُمْ كَمَا لَمْ يُؤْمِنُوا بِهِ أَوَّلَ مَرَّةٍ وَنَذَرُهُمْ فِي طُغْيَانِهِمْ يَعْمَهُونَ تهنده ايمان نہ
اننہ موکھ ڦير واس ته تهند دل ته تهنزه اکھ تو پوءِ سو معجزو ڇهت ته انن نہ تم ايمان ٻيتھ پاڻھ نہ ايمان
اونکھ ته پڙھہ ڪرکھ اتھ قرآن مجيدس گوڏ پچہ لٹہ۔ پيہ تراو وکھ اس تم پنہ سرڪشي ته گمراہي اندر حيران
وَلَوْ أَنَّنَا نَزَّلْنَا إِلَيْهِمُ الْمَلَائِكَةَ وَكَلَّمَهُمُ الْمَوْتَىٰ وَحَشَرْنَا عَلَيْهِمْ كُلَّ شَيْءٍ قُبُلًا يهنده عنادو
سرڪشي هنز ڪيفيت ڇھ يژهي ڪہ هرگاه اس يهنده فرمائشہ مطابق تمن ڪن سوزوکھ ملائيکھ، پيہ هرگاه تمن

اللّٰهُ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ يَجْهَلُوْنَ ﴿١١١﴾ وَكَذٰلِكَ جَعَلْنَا لِكُلِّ نَبِيٍّ
عَدُوًّا شَيٰطِيْنَ الْاِنْسِ وَالْجِنِّ يُوْحِيْ بَعْضُهُمْ اِلٰى بَعْضٍ
زُخْرُفَ الْقَوْلِ غُرُوْرًا ؕ وَلَوْ شَآءَ رَبُّكَ مَا فَعَلُوْهُ فَذَرْهُمْ
وَمَا يَفْتَرُوْنَ ﴿١١٢﴾ وَلِتَصْغٰۤى اِلَيْهِ اَفْـِٕدَةُ الَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ
بِالْاٰخِرَةِ وَلِيَرْضَوْهُ وَلِيَقْتَرِفُوْا مَا هُمْ مُّقْتَرِفُوْنَ ﴿١١٣﴾ اَفَغَيْرَ

---

سيت مُردہ زِندہ سِيدِت کَٿھہ ڪرن، بيھ ھرگاہ اَسِ ساريِ پوشيدہ مخلوقات ٿھزن اٿھَن بُرونٿھ ڳنہِ جمع ڪروکھ۔ مَّا كَانُوْا لِيُؤْمِنُوْٓا اِلَّآ اَنْ يَّشَآءَ اللّٰهُ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ يَجْهَلُوْنَ توتہِ تمِ ايمان اَٹن نہ پڑھہ ڪرن نہ مگرے ڪانسہِ ہندِہ حقہ پڑھہِ اللہ تعالیٰ۔ ليڪن تمو منزہ چھہ اڪثريت جاہلن تہ بے خبرن ھنز تمن نہ حقيقت معلوم چھہ ايمان انہ نک چھُو نہ تمن قصدی تہ ارادے۔ خوامخواہ چھہِ فرمايشی مُعجزہ طلب ڪران وَكَذٰلِكَ جَعَلْنَا لِكُلِّ نَبِيٍّ عَدُوًّا شَيٰطِيْنَ الْاِنْسِ وَالْجِنِّ يتھہ پاٹھہِ تمِ لوکھ ٹھند دُشمن چھہِ يتھے پاٹھہِ ڪرِ اَسہِ پرتھہ پيغمبرس دُشمن اِنسان شيطان تہِ تہ جن شيطانِ تہِ لہذا چھنہ يہِ نو ڪتھاہ ڪينہہ يُوْحِيْ بَعْضُهُمْ اِلٰى بَعْضٍ زُخْرُفَ الْقَوْلِ غُرُوْرًا يمواندرہ بعضی شيطان بعضی ڪافرن اِنسان شيطانَن ميچھہِ تہ مزہ دار ڪتھہ بطورِ وسوسہ دُھوکہ دِنہ خيطرہ دِلن منز تراوان آسِ۔ اَمہِ اَندرہ چھُو مُراد ڪفر چھہِ تہ مُخالفتہ چھِہ ڪتھہ وَلَوْ شَآءَ رَبُّكَ مَا فَعَلُوْهُ فَذَرْهُمْ وَمَا يَفْتَرُوْنَ ھرگاہ يژھہِ ہاٹھند پروردگار تمِ ڪرہَن نہ يہِ ڪوم يعنی دُشمنی مگر تمِ چھُو يُو ژھمت دوستن سيتِ دُشمن گاشس سيت گٹھ۔ پزس سيتِ اپز آسَن۔ ٹھندِس يژھنس منز چھہ بجہِ بجہِ حڪمژ۔ لہذا امہ سِيدن ٹھند دِلِ مُبارک آزردہ يمنزہ دُشمنی سيت۔ پَس تراويوکھ تمِ لوکھ بيہِ يہِ ڪنيژھاہ تمِ ڪران چھہِ دِينس منز افترا پردازی اندرہ تميُک غم مہ برِ ونٹھہ وَلِتَصْغٰٓى اِلَيْهِ اَفْـِٕدَةُ الَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ بيہِ چھہِ تمِ شيطان يمن ڪافرن ہندين دِلن اندر يمہِ مُوکھہ وسوسہ تراوان يتھہ تمن لوڪن ہندِ دل تمن ڪَٿھن ڳن پھرن۔ مايِل سِيدن تمن نہ يُور پژھہ چھہ آخرتَس۔ يعنی اہلِ ڪتاب يہود وُ نصاریٰ۔ ڪيازہ تمنے يُور پژھہ آسہِ ہا آخرتَس تلہِ ڪرہَن نہ نبی آخر الزمانس

اللّٰهِ اَبْتَغِیْ حَكَمًا وَّهُوَ الَّذِیْۤ اَنْزَلَ اِلَیْكُمُ الْكِتٰبَ مُفَصَّلًا ؕ
وَالَّذِیْنَ اٰتَیْنٰهُمُ الْكِتٰبَ یَعْلَمُوْنَ اَنَّهٗ مُنَزَّلٌ مِّنْ رَّبِّكَ
بِالْحَقِّ فَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الْمُمْتَرِیْنَ ﴿۱۱۴﴾ وَتَمَّتْ كَلِمَتُ رَبِّكَ
صِدْقًا وَّعَدْلًا ؕ لَا مُبَدِّلَ لِكَلِمٰتِهٖ ۚ وَهُوَ السَّمِیْعُ الْعَلِیْمُ ﴿۱۱۵﴾
وَاِنْ تُطِعْ اَكْثَرَ مَنْ فِی الْاَرْضِ یُضِلُّوْكَ عَنْ سَبِیْلِ اللّٰهِ ؕ

---

اِنکار وَلِیَرْضَوْهُ وَلِیَقْتَرِفُوْا مَا هُمْ مُّقْتَرِفُوْنَ بیہ یُتھ تم یہنز ن کتھن پیٹھ راضی گژھن۔ بیہ یُتھ تم تہِ لگن تمے تِتھ کامہِ کرنہِ تم تمِ پانہ کران آسِ اَفَغَیْرَ اللّٰهِ اَبْتَغِیْ حَكَمًا وَّهُوَ الَّذِیْۤ اَنْزَلَ اِلَیْكُمُ الْكِتٰبَ مُفَصَّلًا تِہہ فرماوِیُکھ یا رسُول اللہ کہِ ای لوکو تۄہہِ منز تہ میہ منز چھُو اختلاف میانہِ رِسالتک۔ بۄ چھُس حُکم خدا پیغمبر آسنک دعویٰ کران۔ تۄہہ چھِوہ اَتھہ اِنکار کران مگر احکم الحاکمین چھُو فیصلہ میانہِ حقہ دِتمُت۔ کیازِہ میانِس اَتھہ دعویٰ اَس پیٹھ چھہ بڈ دلیل یہِ قرآنِ مجید یُس بُوڈ معجزہ چھُو۔ ہرگاہ تِہہ تو تہِ مانِو نہ تہِ کیازِہ تِہہ چھِوہ یژھان یہِ خدائی فیصلہ کافی نہ زانتھ کیاہ ژھانڈن بۄ بیاکھ فیصلہ کرہ دِناہ۔ حالانکہِ تمِ فرمووُتھن کامِل فیصلہ۔ تمِ کر نازِل تۄہہِ کُن یہِ بڈ کتاب یمِک مضامین بالکُل صاف صاف بیان کرنہ آمتِ چھِہ وَالَّذِیْنَ اٰتَیْنٰهُمُ الْكِتٰبَ یَعْلَمُوْنَ اَنَّهٗ مُنَزَّلٌ مِّنْ رَّبِّكَ بِالْحَقِّ بیہ تمنِ لوکن اَسہِ یہِ کتاب یعنی تورات وانجیل عطا کر تمِ گے یہود و نصاریٰ تم تہِ چھِہ یقینہ سان زانان کہ یہِ قرآنِ مجید چھُو واقعی تُہندِس پروردگارہ سندہِ طرفہ نازِل آمُت کرنہ کیازِہ برو نتھمین کتابن اندر چھہ اَمِچ خبر دِنہ آمژ فَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الْمُمْتَرِیْنَ پس مہ آسِو تِہہ شک و تردد کرہ وِنیو اَندرہ اَتھہ اَندر وَتَمَّتْ كَلِمَتُ رَبِّكَ صِدْقًا وَّعَدْلًا پورُ تہ کامِل چھُو تُہندِس پروردگارہ سُندیہِ کلام پوز آسنہ کِن۔ اَمیکِ اعتقادات برابر تہ مُعتدل آسنہ کِن امیک اعمال لَا مُبَدِّلَ لِكَلِمٰتِهٖ کانہہ اکھاہ چھونہ اَتھہ کلامس بدل کرہ ون تہ تغیر و تبدیل کرہ ون وَهُوَ السَّمِیْعُ الْعَلِیْمُ بیہ چھُو اللہ تعالیٰ دِشمنن ہنزہ سارے کتھہ بُوزہ ون ساری اِعتقادات پورُ زانہ ون وَاِنْ تُطِعْ اَكْثَرَ مَنْ فِی الْاَرْضِ یُضِلُّوْكَ عَنْ سَبِیْلِ اللّٰهِ باوجود دلا

إِنْ يَتَّبِعُونَ إِلَّا الظَّنَّ وَإِنْ هُمْ إِلَّا يَخْرُصُونَ ﴿١١٦﴾ إِنَّ رَبَّكَ
هُوَ أَعْلَمُ مَنْ يَضِلُّ عَنْ سَبِيلِهِ ۖ وَهُوَ أَعْلَمُ بِالْمُهْتَدِينَ ﴿١١٧﴾
فَكُلُوا مِمَّا ذُكِرَ اسْمُ اللَّهِ عَلَيْهِ إِنْ كُنْتُمْ بِآيَاتِهِ مُؤْمِنِينَ ﴿١١٨﴾
وَمَا لَكُمْ أَلَّا تَأْكُلُوا مِمَّا ذُكِرَ اسْمُ اللَّهِ عَلَيْهِ وَقَدْ فَصَّلَ

---

يڪن هندهِ واضح ته صاف آسڪهِ ڇهِ ڏُنياءِ س اَندر زياده مُنڪر ی۔ هر گاه تهه يار سُول الله بالفرض تهنزه ڪَتهه مانوتلهِ ڏالن تم توهِ پروردگاره سنزه سيزِه وَتهِ نشهِ کيازه تم ڇهِ پانه وَتهِ نشهِ ڏلتِ إِنْ يَتَّبِعُونَ إِلَّا الظَّنَّ وَإِنْ هُمْ إِلَّا يَخْرُصُونَ تم ڇهِنه اِعتقادن منز پيروی کران مگر بے اصل خيالاتن هنز۔ بيهِ ڇهِنه تم مگر اپز ٹهراوان قياسی ڪَتهه کران۔ إِنَّ رَبَّكَ هُوَ أَعْلَمُ مَنْ يَضِلُّ عَنْ سَبِيلِهِ وَهُوَ أَعْلَمُ بِالْمُهْتَدِينَ تِمن مُقابلهِ ڇهِ بعضی خدايهِ سندِ بنده راهِ راسُس پيٹھ پکان۔ پزپاٹھ تُهند پروردگار سُوی ڇهو پژزانهِ وِن تَس يُس تهنزِه وَتهِ نشهِ ڇهو ڏلان۔ سُوی ڇهو پژزانهِ وِن تِمن تم سيزِه وَتهِ پیٹھ پکان ڇهِ۔ سُو ڀتهِ پاٹھِ گُمر هَن سزادِيهِ تِتهِ پاٹھِ کرهِ سيزِه وتهِ پیٹھ پکهِ وِنِين انعام واکرام عطا۔ کافرِ دترود مُسلمانَن اَندر يهِ شبهه ته شک کهِ ای مُسلمانو عجيب ڪَتهاه ڇهِ تُهنز کهِ پانه مُورمُت جانور ڇهون کهيوان مگر خدا اَين يُس مُور مُت آسهِ يعنی خود مردِه جانور سُو ڇهون نه کهيوان۔ مسلمان آی نبی کريم صلی الله عليه وسلمن نشهِ۔ يهِ شبهه کرُکهِ پيش۔ اَتی سپدِ نازِل تِم آياتِ کريمه۔ ای مُسلمانو توهِ يلهِ ممانعت آيهِ کرنه کهِ تُهه مه آسِو کافرن هنزن ڪَتهن گَن تهاوان فَكُلُوا مِمَّا ذُكِرَ اسْمُ اللَّهِ عَلَيْهِ إِنْ كُنْتُمْ بِآيَاتِهِ مُؤْمِنِينَ لهذا کهِو تِمن جانورَن هُند ماز تِمَن ذبح کرنهِ وقتهِ خدايهِ سُند ناو کانسهِ هندِه شرکتهِ ورای هينه آمُت آسهِ۔ هرگاه تهند ين آياتَن پژهه کره وِن ته احکامَن پیٹھ ايمان اَنه وِن ڇهِوه جانوره سُند حلال سپدُن ته حرام سپدُن ڇهُو موقف خدايهِ سُند ناو هيلس پيٹھ ته نه هيلس پيٹھ ذبحکهِ وقته۔ بيهِ نُحونه والِس جانوره سُند نُحون تهندِه بَدنه منزه نير نَس ته نه نير نَس پيٹھ۔ وَمَا لَكُمْ أَلَّا تَأْكُلُوا مِمَّا ذُكِرَ اسْمُ اللَّهِ عَلَيْهِ توه کياه وَجه ڇهُو کهِ تُهه ڇهِوه نه کهيوان تَس جانوره سُند ماز يُس ذبح آسه کرنه آمُت خدايهِ سُند ناو هيٹھ وَقَدْ فَصَّلَ لَكُمْ مَا حَرَّمَ عَلَيْكُمْ حالانکهِ تم

لَكُمْ مَّا حَرَّمَ عَلَيْكُمْ اِلَّا مَا اضْطُرِرْتُمْ اِلَيْهِ ؕ وَاِنَّ كَثِيْرًا
لَّيُضِلُّوْنَ بِاَهْوَآئِهِمْ بِغَيْرِ عِلْمٍ ؕ اِنَّ رَبَّكَ هُوَ اَعْلَمُ
بِالْمُعْتَدِيْنَ ﴿١١٩﴾ وَذَرُوْا ظَاهِرَ الْاِثْمِ وَبَاطِنَهٗ ؕ اِنَّ الَّذِيْنَ
يَكْسِبُوْنَ الْاِثْمَ سَيُجْزَوْنَ بِمَا كَانُوْا يَقْتَرِفُوْنَ ﴿١٢٠﴾ وَلَا تَاْكُلُوْا
مِمَّا لَمْ يُذْكَرِ اسْمُ اللّٰهِ عَلَيْهِ وَاِنَّهٗ لَفِسْقٌ ؕ وَاِنَّ الشَّيٰطِيْنَ
لَيُوْحُوْنَ اِلٰٓى اَوْلِيٰٓئِهِمْ لِيُجَادِلُوْكُمْ ۚ وَاِنْ اَطَعْتُمُوْهُمْ اِنَّكُمْ

---

فرمو تو ھِن بتفصيل بيس آيت کر تمس منز تم ساري چيز تم تو ھِن پيٹھ تم اِلَّا مَا اضْطُرِرْتُمْ اِلَيْهِ مگرے تھہ سخت مجبور سپد وگنہِ وقتہ۔ تمہِ وراى بنوہ نہ تو ھِن کانہہ چيز۔ تلہِ چھِہ تم حرام چيز تہ بقدرِ ضرورت تو ھِن حلال۔ تمن حرام چيزن منز چھونہ گنہ جايہ تذکرہِ تس جانورہ سُند يُس بسمِ اللہ پرِتھ آسہِ باقاعدہ ذبح کرنہ آمت وَاِنَّ كَثِيْرًا لَّيُضِلُّوْنَ بِاَهْوَآئِهِمْ بِغَيْرِ عِلْمٍ پزتھہ چھہ يہ کہ وارياہ لوکھ چھِہ لوکن ڈالان تہ گمراہ کران پنہ نيو غلط خيالو سيت بلاوجہ تہ بلا دليل۔ ليکن يِم کاس کرن تم لوکن گمراہ اِنَّ رَبَّكَ هُوَ اَعْلَمُ بِالْمُعْتَدِيْنَ پزپاٹھ تُہند پروردگار چھو يارسول اللہ زيادہ زانہ ون حدہ نشہِ ڈلہ وَنين۔ سُو دِيہِ تمن پانے سخت سزا۔ وَذَرُوْا ظَاهِرَ الْاِثْمِ وَبَاطِنَهٗ اى مسلمانو تُھہ تراوِ ونين گناہ تہ پوشيدہ گناہ يعنی يُتھہ نہ دِلن اندر اعتقاد آسِو تھاوان حلال چيزکہِ حرام آسنک۔ حرام چيزکہ حلال آسنک اِنَّ الَّذِيْنَ يَكْسِبُوْنَ الْاِثْمَ سَيُجْزَوْنَ بِمَا كَانُوْا يَقْتَرِفُوْنَ پزپاٹھِ تم لوکھ گناہ کرن اَدہ يِمہ قسمک گناہ آسہِ تہ تمہِ قسمک۔ لوکٹ آسن يا بوڈ، پوشيدہ آسن يا نون ضرور ديہِ تمن سزا دِنہ تمہِ سارکوی يہ تم کران آسِ تچھِ کاميو اندرہ وَلَا تَاْكُلُوْا مِمَّا لَمْ يُذْكَرِ اسْمُ اللّٰهِ عَلَيْهِ بيہِ مہ آسِو کھيوان اى مسلمانو تمس جانورہ سُند ماز يُس پيٹھہ نہ ذبحکہِ وقتہ خدايہ سُند ناوَ ہينہ آسہِ آمت وَاِنَّهٗ لَفِسْقٌ پزپاٹھِ سُو کھيون چھُو سخت گناہ وَاِنَّ الشَّيٰطِيْنَ لَيُوْحُوْنَ اِلٰٓى اَوْلِيٰٓئِهِمْ لِيُجَادِلُوْكُمْ پزپاٹھِ جن شيطانِ چھِہ پنہ نين دوستن تہ پيرون ہندن دِلن منز تمہِ عجيب گتھہ تراوان تو ھِن سيت بحث کرنہ خيطرہ وَاِنْ اَطَعْتُمُوْهُمْ

لَمُشْرِكُوْنَ ﴿١٢١﴾ اَوَمَنْ كَانَ مَيْتًا فَاَحْيَيْنٰهُ وَجَعَلْنَا لَهٗ نُوْرًا
يَّمْشِيْ بِهٖ فِي النَّاسِ كَمَنْ مَّثَلُهٗ فِي الظُّلُمٰتِ لَيْسَ بِخَارِجٍ
مِّنْهَا ؕ كَذٰلِكَ زُيِّنَ لِلْكٰفِرِيْنَ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿١٢٢﴾ وَكَذٰلِكَ
جَعَلْنَا فِيْ كُلِّ قَرْيَةٍ اَكٰبِرَ مُجْرِمِيْهَا لِيَمْكُرُوْا فِيْهَا ؕ وَمَا
يَمْكُرُوْنَ اِلَّا بِاَنْفُسِهِمْ وَمَا يَشْعُرُوْنَ ﴿١٢٣﴾ وَاِذَا جَآءَتْهُمْ

---

اِنَّكُمْ لَمُشْرِكُوْنَ هرگاهہ توهان تهنجو ڪهڻ مڃيو. عقيدن يا عملن متعلق ته پوءِ توهان ضرور مشرڪ. اَوَمَنْ كَانَ مَيْتًا فَاَحْيَيْنٰهُ وَجَعَلْنَا لَهٗ نُوْرًا يَّمْشِيْ بِهٖ فِي النَّاسِ كَمَنْ مَّثَلُهٗ فِي الظُّلُمٰتِ لَيْسَ بِخَارِجٍ مِّنْهَا آيا ڪو شخص جو اڳ مرده گمراهه ۽ ڪفر ۾ هجي. تو پوءِ اسان ان کي زنده يعني مسلمان بنايو هجي ۽ ان کي عطا اسان نور ايمان جو ڏنو هجي، جو ماڻهن ۾ گمراهي هوندي ساري دنيا ۾ محفوظ. سو ڇا برابر آهي اهو شخص جو اڃا گمراهي جي اونداهي اندر رلندو رهي ۽ نڪري نه سگهندو هرگز نه برابر كَذٰلِكَ زُيِّنَ لِلْكٰفِرِيْنَ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ جيئن پاڻ باايمان کي ايمان ۽ اعمال صالح چڱا معلوم ٿيندا آهن تيئن ڪافرن کي انهن جا ڪم سهڻا ڪري ڏيکاريا ويا آهن وَكَذٰلِكَ جَعَلْنَا فِيْ كُلِّ قَرْيَةٍ اَكٰبِرَ مُجْرِمِيْهَا لِيَمْكُرُوْا فِيْهَا بلڪ جيئن پاڻ مڪي شريف ۾ وڏا وڏا ماڻهو پنهنجي دعوت جي مخالفت ڪندڙ آهن، تيئن اسان اڳئين امتن جي هر شهر ۾ وڏا وڏا ماڻهو ٿيا آهن جيڪي ارتڪاب جرم ڪندا آهن. ان ڪري سڀئي عام ماڻهو ته جرم ڪن هيا ته اهي ماڻهو حضرات انبياء عليهم السلام کي روڪيندا هئا، تبليغ کي ناڪام بڻائڻ جي شورش پکيڙيندا آهن، اهي ماڻهو عذاب ۾ گرفتار ٿيندا وَمَا يَمْكُرُوْنَ اِلَّا بِاَنْفُسِهِمْ وَمَا يَشْعُرُوْنَ اهي ماڻهو پنهنجي خيال ۾ پيغمبرن کي تڪليف ڏيڻ ۽ شرارت ڪرڻ ٿا مگر ان جو ضرر انهن کي پاڻ کي ئي ٿيندو آهي مگر جهل ۽ بي علمي سببان انهن کي سمجهه نه پوندي آهي. مڪي جي ڪافرن جو جرم ٿيو زياده ڪه وَاِذَا جَآءَتْهُمْ اٰيَةٌ قَالُوْا لَنْ نُّؤْمِنَ حَتّٰى نُؤْتٰى مِثْلَ مَآ اُوْتِيَ رُسُلُ اللّٰهِ يعني انهن جو

اٰيَةٌ قَالُوْا لَنْ نُّؤْمِنَ حَتّٰى نُؤْتٰى مِثْلَ مَآ اُوْتِيَ رُسُلُ اللّٰهِ ؕ
اَللّٰهُ اَعْلَمُ حَيْثُ يَجْعَلُ رِسَالَتَهٗ ؕ سَيُصِيْبُ الَّذِيْنَ اَجْرَمُوْا
صَغَارٌ عِنْدَ اللّٰهِ وَعَذَابٌ شَدِيْدٌۢ بِمَا كَانُوْا يَمْكُرُوْنَ ﴿۱۲۴﴾
فَمَنْ يُّرِدِ اللّٰهُ اَنْ يَّهْدِيَهٗ يَشْرَحْ صَدْرَهٗ لِلْاِسْلَامِ ۚ
وَمَنْ يُّرِدْ اَنْ يُّضِلَّهٗ يَجْعَلْ صَدْرَهٗ ضَيِّقًا حَرَجًا كَاَنَّمَا
يَصَّعَّدُ فِي السَّمَآءِ ؕ كَذٰلِكَ يَجْعَلُ اللّٰهُ الرِّجْسَ عَلَى الَّذِيْنَ

واتان چھُو یِژ یگ کانہہ نشانہ، بوڈ مُعجزٕ ہ یُس پیغمبر برحقہ سندِس نبوتُس پیٹھ بڈ دٕلیل چھُو آسان تمہِ ساتہ چھہِ تمِ ونان یہِ اسِ گرٕونہ تُو تانِ یژھہ یُو تانِ نہ اَسہِ پانس تہ ییٚنِ عطا کرنہ تمِ تمِ چیز یمِ پیغمبرن عطا کرنہ آےٚ یعنی وحی یا کتاب وغیرٕ ہ۔ اَتھہ چھُو کران اللہ تعالیٰ ردّ۔ فرماوان چھُو اَللّٰهُ اَعْلَمُ حَيْثُ يَجْعَلُ رِسَالَتَهٗ اللہ تعالیٰ چھُو بہتر تہ رُت زانان زِ کوسہ جای چھہ مُناسِب تہ لایق پیغمبری خیٚطرٕ ہ۔ یُس شخص چھُو قابلِ تہ سزاوار امہِ عہدٕ ہٕ جلیلہ خیٚطرٕ ہ سَيُصِيْبُ الَّذِيْنَ اَجْرَمُوْا صَغَارٌ عِنْدَ اللّٰهِ عنقریب واتہِ تمن لوکن یمو یژھ کتھہ وَن تہ یتھہ جرمِ عظیم کورُ خدایس نِش واتھہ بڈ ذلّت تہ خواری آخرِ تَس اَندر وَعَذَابٌ شَدِيْدٌۢ بِمَا كَانُوْا يَمْكُرُوْنَ بیہ واتیکھ کُڈر عذاب مکر تہ فریب تہ شُور وشر پھیلاونہ خیٚطرٕ ہ فَمَنْ يُّرِدِ اللّٰهُ اَنْ يَّهْدِيَهٗ یمہِ برونٹھہ آو بیان کرنہ حال باایمانَن تہ کافرن ہُند تمہِ اَندرٕ سپدٕ معلوم کہِ یُسندٕ ہ حقہ اللہ تعالیٰ یژھہ ہدایتھ چھہِ وتہِ پیٹھہ اَنُن تہ نجاتچہ وتہِ پیٹھہ پکناوُن يَشْرَحْ صَدْرَهٗ لِلْاِسْلَامِ تُسند سینہ یعنی دِل چھُو مُژ راوان تہ کُشادٕ ہ کران اِسلام قبول کرنہ خیٚطرٕ ہ وَمَنْ يُّرِدْ اَنْ يُّضِلَّهٗ يَجْعَلْ صَدْرَهٗ ضَيِّقًا حَرَجًا بیہِ یُسندٕ ہ حقہ اللہ تعالیٰ یژھان چھُو گمراہی تسند سینہ یعنی دِل چھُو کران تنگ سُوی سیٹھاہ تنگ اِسلام قبول کرنہ خیٚطرٕ ہ كَاَنَّمَا يَصَّعَّدُ فِي السَّمَآءِ زَن سُو شخص زورٕ ہ آسمان چھُو کھسُن ہیوان۔ مگر چھُو نہ کھسِت ہیکان دِل چھُس تنگ سپدان كَذٰلِكَ يَجْعَلُ اللّٰهُ الرِّجْسَ عَلَى الَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ تِتھے پاٹھہِ چھُو اللہ تعالیٰ شیطانہ سُند وسوسہ تراوان تمن لوکن پیٹھہ یم نہ ایمان اَنان تہ یژھہ

لَا يُؤْمِنُوْنَ ﴿١٢٥﴾ وَهٰذَا صِرَاطُ رَبِّكَ مُسْتَقِيْمًا ؕ قَدْ فَصَّلْنَا
الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّذَّكَّرُوْنَ ﴿١٢٦﴾ لَهُمْ دَارُ السَّلٰمِ عِنْدَ رَبِّهِمْ
وَهُوَ وَلِيُّهُمْ بِمَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿١٢٧﴾ وَيَوْمَ يَحْشُرُهُمْ
جَمِيْعًا ۚ يٰمَعْشَرَ الْجِنِّ قَدِ اسْتَكْثَرْتُمْ مِّنَ الْاِنْسِ ۚ وَقَالَ
اَوْلِيٰٓؤُهُمْ مِّنَ الْاِنْسِ رَبَّنَا اسْتَمْتَعَ بَعْضُنَا بِبَعْضٍ وَّبَلَغْنَآ
اَجَلَنَا الَّذِيْٓ اَجَّلْتَ لَنَا ؕ قَالَ النَّارُ مَثْوٰىكُمْ خٰلِدِيْنَ

---

ڪران ڇڏي، تِنَ جي دل سوڙهي ۽ ناپاڪي ڏينهون ڏينهن وڌيڪ زياده ٿيندي پئي وڃي. وَهٰذَا صِرَاطُ رَبِّكَ مُسْتَقِيْمًا هي دين اسلام ۽ ذِڪرِ پرورنده سڀ طريقي تهندس پروردگار جي سنئين سڌي واٽ آهي. اهي واٽ ڇڏڻ هي ڪانه وٺاه سڌي سنئين واٽ تي پنهنجي پختا سيت شخص نجات لهي. قَدْ فَصَّلْنَا الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّذَّكَّرُوْنَ بيشڪ اسان صراط مستقيم جي وضاحت خيطره ڪري سڀئي پنهنجي آيات بتفصيل بيان نصيحت رڳو وٺين لوڪن هند خيطره لَهُمْ دَارُ السَّلٰمِ عِنْدَ رَبِّهِمْ وَهُوَ وَلِيُّهُمْ بِمَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ تِنَ نصيحت رڳو وٺين تي دل اسلام قبول ڪري وٺين هند خيطره ڇو سلامتي ته امن واما نڪ پوشون گره يعني جنّت تهندس پروردگار جي نشه. سوئي ڇو تهند دوست ته مددگار تهه بدل ته تِم ڪران آس رڳه عمله وَيَوْمَ يَحْشُرُهُمْ جَمِيْعًا هي ڇو سو دوه قابلِ ذڪر ٻيه ڏوهه آسِ ساري مخلوقات جمع ڪري تهه منز جن ته انسان ساري جمع آئن. تمو منزه ٻيه جن شيطانن ڏکه هوت وتنه يٰمَعْشَرَ الْجِنِّ قَدِ اسْتَكْثَرْتُمْ مِّنَ الْاِنْسِ اي جن شيطانو واريا لوکه بناوِ وِکه ٿوهه پنن تابع انسانو اندره تِم گمراه ڪرودکه پانس سيت وَقَالَ اَوْلِيٰٓؤُهُمْ مِّنَ الْاِنْسِ تو پته وَنَن تِمن شيطانن هند دوست انسانو اندره رَبَّنَا اسْتَمْتَعَ بَعْضُنَا بِبَعْضٍ اي سانه پروردگاره بيشڪ ڇهو چون فرماوُن پوز. واقعي تُل نفساني فائيده اسه اندره بعضيو بعضن هند سيت. واقعي حقيقتس اندر آسِ شيطانن هند ڊالنه سيت قياتس انڪار ڪران وَّبَلَغْنَآ اَجَلَنَا الَّذِيْٓ اَجَّلْتَ لَنَا وَنَن واتِ اسِ تته معين وقتس يُس ڙيه سانه خيطره مقرر اُستهه ڪورمت يعني وون ڇهواز فيصله ڙي اٿهِ قَالَ النَّارُ مَثْوٰىكُمْ خٰلِدِيْنَ فِيْهَآ اِلَّا

فِيهَآ اِلَّا مَا شَآءَ اللّٰهُ ؕ اِنَّ رَبَّكَ حَكِيۡمٌ عَلِيۡمٌ ﴿١٢٨﴾ وَكَذٰلِكَ
نُوَلِّىۡ بَعۡضَ الظّٰلِمِيۡنَ بَعۡضًۢا بِمَا كَانُوۡا يَكۡسِبُوۡنَ ﴿١٢٩﴾ ع
يٰمَعۡشَرَ الۡجِنِّ وَالۡاِنۡسِ اَلَمۡ يَاۡتِكُمۡ رُسُلٌ مِّنۡكُمۡ
يَقُصُّوۡنَ عَلَيۡكُمۡ اٰيٰتِىۡ وَيُنۡذِرُوۡنَكُمۡ لِقَآءَ يَوۡمِكُمۡ
هٰذَا ؕ قَالُوۡا شَهِدۡنَا عَلٰٓى اَنۡفُسِنَا وَغَرَّتۡهُمُ الۡحَيٰوةُ
الدُّنۡيَا وَشَهِدُوۡا عَلٰٓى اَنۡفُسِهِمۡ اَنَّهُمۡ كَانُوۡا كٰفِرِيۡنَ ﴿١٣٠﴾

---

مَا شَآءَ اللّٰهُ اللہ تعالیٰ فرماویکھ اَی جن تہ اِنسان کافِر وُتھندِ ہ خیطر ہ چھُومیُون فیصلہ نار جہنّمس منز ژُھنز جای۔ ہمیشہ چھُو توہہِ رُوزُن تتھہ منز مگرے اللہ تعالیٰ ای یژھہِ توہہِ تمہِ منزہ کڈُن مگر سُو یژھہِ نہ زانہہ۔ اِنَّ رَبَّكَ حَكِيۡمٌ عَلِيۡمٌ پزِ پاٹھ ژُھہند رُب چھُو سٹھاہ حکمتہ وول تہ سٹھاہ عِلمہ ڈول۔ عِلمہ سیت چھہِ تَس سارنی ہندِ جرُم معلُوم حکمتہ سیت چھُو پَتھہ مُجرمَس مُناسِب سزا دِوان وَكَذٰلِكَ نُوَلِّىۡ بَعۡضَ الظّٰلِمِيۡنَ بَعۡضًۢا بِمَا كَانُوۡا يَكۡسِبُوۡنَ تتھے پاٹھِ تھاوکھ اَسِ اَڈِ گنہگارِ بَن گُنھگارن نزدیک تتھہ پاٹھِ تم دُنیاءس اَندر اِکہ وَٹہ رُوزِتھ تِتھہ کامہِ کران آسِ يٰمَعۡشَرَ الۡجِنِّ وَالۡاِنۡسِ اَلَمۡ يَاۡتِكُمۡ رُسُلٌ مِّنۡكُمۡ يَقُصُّوۡنَ عَلَيۡكُمۡ اٰيٰتِىۡ وَيُنۡذِرُوۡنَكُمۡ لِقَآءَ يَوۡمِكُمۡ هٰذَا ای جِنّ تہ اِنسانَن ہنز و جماژ و توہے چھِوہ پنہ نین گمراہیَن تہ تِتھہ عملَن ہُند اِقرار کران۔ کیاہ توہیہ نِش واژای ناسانِ پیغمبر تِمِ توہی منزہ آسِ تِم توہہِ پران آسہَن پُوزونان آسہَن اِعتقادن تہ اَعمالن مُتعلق سانِ آیات بیہِ آسہَن توہہِ بیم کران از کہ دُہکہ پیش انک۔ اَدہ کیاہ وجہ اُوس تُہہ آسِوہ نہ کُفر و نافرمانی نِشہِ بازیوان۔ قَالُوۡا شَهِدۡنَا عَلٰٓى اَنۡفُسِنَا تِم ساری دِین اَسِ چھہِ پنہ نین پانَن پیٹھہ پانے جرُمچ گواہی دوان کہ واقعی حضراتِ انبیاء واژای اَسہِ نِش تِمِ آسِ چانِ آیات اَسہ بوزہ ناوان۔ بیہ آسِ اَسہِ دُہکِ بیم تہ کران۔ مگر اَس آس نہ تہند مانان۔ اللہ تعالیٰ چھُو فرماوان۔ وَغَرَّتۡهُمُ الۡحَيٰوةُ الدُّنۡيَا تِمن اُوس دِتھمت دُنیاچہِ زندگانی دُھوکہ۔ تِمو اُوس دُنیوی عیش زُونمت مقصد اَعظم آخر تِچ آسکھ نہ فِکری تمیک نتیجہ

ذٰلِكَ اَنْ لَّمْ يَكُنْ رَّبُّكَ مُهْلِكَ الْقُرٰى بِظُلْمٍ وَّاَهْلُهَا
غٰفِلُوْنَ ﴿١٣١﴾ وَلِكُلٍّ دَرَجٰتٌ مِّمَّا عَمِلُوْا ؕ وَمَا رَبُّكَ
بِغَافِلٍ عَمَّا يَعْمَلُوْنَ ﴿١٣٢﴾ وَرَبُّكَ الْغَنِيُّ ذُو الرَّحْمَةِ ؕ
اِنْ يَّشَاْ يُذْهِبْكُمْ وَيَسْتَخْلِفْ مِنْۢ بَعْدِكُمْ مَّا يَشَآءُ كَمَآ
اَنْشَاَكُمْ مِّنْ ذُرِّيَّةِ قَوْمٍ اٰخَرِيْنَ ﴿١٣٣﴾ اِنَّ مَا تُوْعَدُوْنَ

---

دراؤ کہ وَشَهِدُوْا عَلٰٓى اَنْفُسِهِمْ اَنَّهُمْ كَانُوْا كٰفِرِيْنَ تہ وڌيڪ پاڻ پنهنجن ڪافر هئڻ تي پاڻ پيٺ گواهي مگر تنهن اقرار ڪرڻ ڪياه فائدو نہ ڏيندو. ذٰلِكَ اَنْ لَّمْ يَكُنْ رَّبُّكَ مُهْلِكَ الْقُرٰى بِظُلْمٍ وَّاَهْلُهَا غٰفِلُوْنَ هي پيغمبرن هند دعوت حق ڏيڻ جو سلسلو آهي جاري ڪرڻ. ڪياڻ تنهنجو پروردگار (يارسول الله) ڇو نہ ڪنهن شهر ڪين لوڪن ظلم ڪري تنهن بي خبري اندر ڳالهين. بلڪه ڇو کي ڪوڙ پيغام واتاوان حضرات انبياء جن هنڌ ذريعي وَلِكُلٍّ دَرَجٰتٌ مِّمَّا عَمِلُوْا وَمَا رَبُّكَ بِغَافِلٍ عَمَّا يَعْمَلُوْنَ يلهه پيغمبر آيه سوزنه تمو ڏيت لوڪن ناد ساري لوڪن سڀ اطلاع. تم پتہ ڇه جن تہ انسان نيڪوڪارن تہ بدڪارن ساري عمل ڪره وڻين هند خيطره درجات مقرر ڪرڻ آمت. تنهن عمل مطابق تلئے درجاتن مطابق واتہ تمن پنہ نين عملن هند نتيجه تہ هيہ ڇو نہ تنهنجو پروردگار لوڪن هنز وعملونشہ بي خبر وَرَبُّكَ الْغَنِيُّ ذُو الرَّحْمَةِ هيه ڇو تنهنجو پروردگار بي نياز تس ڇهنہ لوڪن هنزه عبادتي ضرور تئي. سو ڇو رحمتہ وول. محض پنهنجي رحمتہ سيت سوز تم حضرات انبياء تہ تهنده ذريعه معلوم سپدن نفع وضرر ڪي چيز. اٿه اندر ڇو هندن هند وي فائده. اِنْ يَّشَاْ يُذْهِبْكُمْ وَيَسْتَخْلِفْ مِنْۢ بَعْدِكُمْ مَّا يَشَآءُ هرگاه سو يڙهہ توهہ سارني يہ يڪدم تمہ حالہ منزه هلاڪ ڪري تهہ. توهه بدل انہ توهہ پتہ تمن. يڙهہ تہ تمن كَمَآ اَنْشَاَكُمْ مِّنْ ذُرِّيَّةِ قَوْمٍ اٰخَرِيْنَ يتهہ پاٺهہ تهہ ڪرنوه پيده بيہ اِڪہ قومڪہ نسلہ اندره تهند ڇو نہ وجود ڪنہ تهہ ڇوه تهنزه جايہ موجود تتھے پاٺهہ ڇو يہ سلسلہ جاري مگر واره واره. هرگاه اس يڙهو تهہ ڪروه ختم يڪدم ڪيازه سانہ ڪامہ ڇهنہ ڪانسہ هنده آسنہ سيت يانہ آسنہ سيت ڪانہ رڪاوٽ. حضرات انبياء سوزے يہ اسہ تهنده مفاده

بِاِذْنِهٖ ۚ فَمِنْهُمْ شَقِيٌّ وَّسَعِيْدٌ ﴿۱۰۵﴾ فَاَمَّا الَّذِيْنَ شَقُوْا فَفِي
النَّارِ لَهُمْ فِيْهَا زَفِيْرٌ وَّشَهِيْقٌ ﴿۱۰۶﴾ لا خٰلِدِيْنَ فِيْهَا مَادَامَتِ
السَّمٰوٰتُ وَالْاَرْضُ اِلَّا مَاشَآءَ رَبُّكَ ؕ اِنَّ رَبَّكَ فَعَّالٌ لِّمَا
يُرِيْدُ ﴿۱۰۷﴾ وَاَمَّا الَّذِيْنَ سُعِدُوْا فَفِي الْجَنَّةِ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا مَادَامَتِ
السَّمٰوٰتُ وَالْاَرْضُ اِلَّا مَاشَآءَ رَبُّكَ ؕ عَطَآءً غَيْرَ مَجْذُوْذٍ ﴿۱۰۸﴾
فَلَا تَكُ فِيْ مِرْيَةٍ مِّمَّا يَعْبُدُ هٰۤؤُلَآءِ ؕ مَا يَعْبُدُوْنَ اِلَّا كَمَا
يَعْبُدُ اٰبَآؤُهُمْ مِّنْ قَبْلُ ؕ وَاِنَّا لَمُوَفُّوْهُمْ نَصِيْبَهُمْ غَيْرَ

---

يَوْمَ يَاْتِ لَا تَكَلَّمُ نَفْسٌ اِلَّا بِاِذْنِهٖ تمہِ دوہہ سو قیامت لیہِ تیژ ہولناک آسہِ حالت کہِ کانہہ اکھاہ ہیکہِ نہ کتھ کرِتھ خدایہِ سندِہ حکم ور آی فَمِنْهُمْ شَقِيٌّ وَّسَعِيْدٌ لوکن آسن زہ قسم اکِھ آسن اہلِ شقاوت کافر تہ نافرمان۔ اَکِھ آسن سعادت مند باایمان تہ فَاَمَّا الَّذِيْنَ شَقُوْا فَفِي النَّارِ پس تیمہِ لوکھ شقی آسن تیمِ واتن نارس اندر لَهُمْ فِيْهَا زَفِيْرٌ وَّشَهِيْقٌ تیمِ آسن تتھ جہنمس اندر کریکہ دِوان گوڈہ گوڈہ تھرزہ کریکہ۔ پتہ یلہِ تھکان آسن ادہ آسن دوان لوتہِ لوتہِ۔ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا مَادَامَتِ السَّمٰوٰتُ وَالْاَرْضُ ہمیشہ روزن تتھ نارِ جہنمس اندر یوتان آسمان تہ زمین قائم چھ اِلَّا مَاشَآءَ رَبُّكَ مگر یہِ چون پروردگار یژھہِ اِنَّ رَبَّكَ فَعَّالٌ لِّمَا يُرِيْدُ پزپاٹھ چون پروردگار چھوتی کرن یہِ یژھان چھو وَاَمَّا الَّذِيْنَ سُعِدُوْا فَفِي الْجَنَّةِ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا مَادَامَتِ السَّمٰوٰتُ وَالْاَرْضُ بیہِ تیمِ سعادت مند لوکھ آسن تیمِ واتن جنتس منز تیمِن تت روزُن چھو ہمیشہ۔ یوتان آسمان تہ زمین قایم چھو اِلَّا مَاشَآءَ رَبُّكَ مگر یہِ چون پروردگار یژھہِ عَطَآءً غَيْرَ مَجْذُوْذٍ یہِ چھہ بخششاہ تہ مہربانیاہ یُوسہ نہ ژھینہ وِن تہ ختم گژھہ وِنِ آسہِ فَلَا تَكُ فِيْ مِرْيَةٍ مِّمَّا يَعْبُدُ هٰۤؤُلَآءِ پس مہ آس زہ کنہ قسمہ شکس اندر تیمن باطل معبودن متعلق یمن ہنز یم گمراہ لوک پرستش کران چھہ۔ مَا يَعْبُدُوْنَ اِلَّا كَمَا يَعْبُدُ اٰبَآؤُهُمْ مِّنْ

مَنْقُوْصٍ ﴿١٠٩﴾ وَلَقَدْ اٰتَيْنَا مُوْسَى الْكِتٰبَ فَاخْتُلِفَ فِيْهِ ؕ وَ
لَوْلَا كَلِمَةٌ سَبَقَتْ مِنْ رَّبِّكَ لَقُضِيَ بَيْنَهُمْ ؕ وَاِنَّهُمْ لَفِيْ
شَكٍّ مِّنْهُ مُرِيْبٍ ﴿١١٠﴾ وَاِنَّ كُلًّا لَّمَّا لَيُوَفِّيَنَّهُمْ رَبُّكَ اَعْمَالَهُمْ ؕ
اِنَّهٗ بِمَا يَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ ﴿١١١﴾ فَاسْتَقِمْ كَمَآ اُمِرْتَ وَمَنْ تَابَ
مَعَكَ وَلَا تَطْغَوْا ؕ اِنَّهٗ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ ﴿١١٢﴾ وَلَا تَرْكَنُوْٓا اِلَى
الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا فَتَمَسَّكُمُ النَّارُ ۙ وَمَا لَكُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ مِنْ

---

قَبْلُ تم ڇهنه پرستش ڪران مگر ٿئي پاڻ ۽ پاڻ پهنجي مال بڙهب غلط طريقس پيٺي باطل معبودن هنز پرستش ڪران آس. تمن برونٺ وَاِنَّا لَمُوَفُّوْهُمْ نَصِيْبَهُمْ غَيْرَ مَنْقُوْصٍ آس دِمو تمن پوره پوره حصه ڪم ڪرنه ورای وَلَقَدْ اٰتَيْنَا مُوْسَى الْكِتٰبَ فَاخْتُلِفَ فِيْهِ پزپاڻ بيه ڪر آسه عطا حضرت موسیٰ اس ڪتاب (تورات) تهه منزته آوا اختلاف ڪرنه۔ اڏيومون اڏيو ڪور انڪار۔ لهذا ايه نو ڪتهاه ڇهنه۔ تهه مه سپد و منڪرن هنده انڪاره سيت غمگين وَلَوْلَا كَلِمَةٌ سَبَقَتْ مِنْ رَّبِّكَ لَقُضِيَ بَيْنَهُمْ هرگاه ئے اڪه ڪتهاه يوسه تهندِس پروردگاره سنده طرفه برونٺ مقرر ڪرنه آمڇهه قياقس آسهاکه منڪرن ايه پوره عذاب آخرتس منزونه۔ نته ييه ها ضرور تمن اختلاف ڪره وين هند فيصله دنياء سی اندر ڪرنه وَاِنَّهُمْ لَفِيْ شَكٍّ مِّنْهُ مُرِيْبٍ تم ڇهه بيه تمه قياقس تهس شڪس منزيس تمن حيران ڪره ون ڇهو۔ مگر ڪانسه هنده شڪ ڪرنه سيت بيه سزا اپته گڇهه نه وَاِنَّ كُلًّا لَّمَّا لَيُوَفِّيَنَّهُمْ رَبُّكَ اَعْمَالَهُمْ پزپاڻ بيه ديه چون پروردگار پريته اکس پنه نين عملن هنز پور مزدور اِنَّهٗ بِمَا يَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ پزپاڻ سو ڇهو پورزانان تمه سارے ڪامه تمه تم ڪران ڇهه فَاسْتَقِمْ كَمَآ اُمِرْتَ وَمَنْ تَابَ مَعَكَ پس ڪرِو تهه استقامت تمو ڪره نشه توبه ڪر تهه توهه سيت شموليت اختيار ڪر وَلَا تَطْغَوْا حده مه ڏلو۔ دينه نشه مه نير و اڪس ذرس برابر اِنَّهٗ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ پزپاڻ الله تعالیٰ ڇهو تهنزه سارے ڪامه واره ڇهان۔ وَلَا تَرْكَنُوْٓا اِلَى الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا فَتَمَسَّكُمُ النَّارُ اي باايمانو بيه مه سپد و تهه مايل تمن لوڪن ڪن تمو شرڪ وڪفره سيت ظلم ڪور تيله

أَوْلِيَآءَ ثُمَّ لَا تُنْصَرُوْنَ ﴿١١٣﴾ وَأَقِمِ الصَّلٰوةَ طَرَفَيِ النَّهَارِ وَزُلَفًا
مِّنَ الَّيْلِ ۭ إِنَّ الْحَسَنٰتِ يُذْهِبْنَ السَّيِّاٰتِ ۭ ذٰلِكَ ذِكْرٰى
لِلذّٰكِرِيْنَ ﴿١١٤﴾ وَاصْبِرْ فَإِنَّ اللّٰهَ لَا يُضِيْعُ أَجْرَ الْمُحْسِنِيْنَ ﴿١١٥﴾ فَلَوْلَا
كَانَ مِنَ الْقُرُوْنِ مِنْ قَبْلِكُمْ أُولُوْا بَقِيَّةٍ يَّنْهَوْنَ عَنِ
الْفَسَادِ فِي الْأَرْضِ إِلَّا قَلِيْلًا مِّمَّنْ أَنْجَيْنَا مِنْهُمْ ۚ وَاتَّبَعَ
الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مَآ أُتْرِفُوْا فِيْهِ وَكَانُوْا مُجْرِمِيْنَ ﴿١١٦﴾ وَمَا

رَٺِ توهان کي نارِ جهنم **وَمَا لَكُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ مِنْ أَوْلِيَآءَ** ۽ آهي نه توهان جو خدا کان سواءِ ڪو ٻيو رفاقت ڪرڻ وارو دوست **ثُمَّ لَا تُنْصَرُوْنَ** تو پوءِ ڪو به توهان جي مدد ڪري نه **وَأَقِمِ الصَّلٰوةَ طَرَفَيِ النَّهَارِ وَزُلَفًا مِّنَ الَّيْلِ** ۽ ٿا وِ برپا نماز تون يا رسول الله ڏينهن جي ٻنهي طرفن اندر۔ يعني صبح پيشين ۽ ڏِگر۔ ۽ رات جي ڪجهه حصي اندر۔ سو گو شام ۽ خفتن۔ سمجهيو پنج نماز پوره **إِنَّ الْحَسَنٰتِ يُذْهِبْنَ السَّيِّاٰتِ** بيشڪ نيڪ ڪم ختم ڪن ٿا گناهن بدين ۽ ٻچڙ ڪامين **ذٰلِكَ ذِكْرٰى لِلذّٰكِرِيْنَ** ۽ ته ڪه نيڪيو سيت ڇهن گناه معاف ٿيڻ ڇهن بڌ نصيحت، نصيحت رٺه وٺين، مانه وٺين هندو خيطره **وَاصْبِرْ فَإِنَّ اللّٰهَ لَا يُضِيْعُ أَجْرَ الْمُحْسِنِيْنَ** منڪرن هنده طرفه ئيس معامله پيش پوان ڇهو تهڻ پيٺه ڪر وِ صبر۔ لوڪن هندس تڪليفس پيٺه يا نمازه هندس قائم ٿاونس پيٺه۔ پس الله تعاليٰ ڇهونه هرگز ضائع ڪران نيڪو ڪارن هنز مزورِ **فَلَوْلَا كَانَ مِنَ الْقُرُوْنِ مِنْ قَبْلِكُمْ** پس ڪونه آسِ تمهِ لوڪو اندره يم توهه برونٺه آسِ **أُولُوْا بَقِيَّةٍ** صاحبِ شعور جماعتهاه **يَّنْهَوْنَ عَنِ الْفَسَادِ فِي الْأَرْضِ** يم منع آسهن ڪران زمينس منز شرڪ وڪفره سيتِ فساد ته تباهي ڪرنه نشهِ **إِلَّا قَلِيْلًا مِّمَّنْ أَنْجَيْنَا مِنْهُمْ** مگر تمِ ڪينهه لوڪ آسن يم اسهِ همو عذاب ڪرنه آيئو اندره بچاوِمت آس۔ تمو يتهِ پاٺهِ پانه ڪفر وشرڪ نشهِ توبه ڪورتهي پاٺهِ آسِ بين تهِ ڪفر وشرڪ نشهِ منع ڪران **وَاتَّبَعَ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مَآ أُتْرِفُوْا فِيْهِ** ظالم ته نافرمان لوڪه رودِ عيش و آرام ڪس حالس پتي۔ **وَكَانُوْا مُجْرِمِيْنَ** ۽ آسِ تمِ گنهگار نافرمان جرائمن هندِ خوگر **وَمَا كَانَ رَبُّكَ لِيُهْلِكَ**

كَانَ رَبُّكَ لِيُهْلِكَ الْقُرٰى بِظُلْمٍ وَّاَهْلُهَا مُصْلِحُوْنَ ﴿١١٧﴾
وَلَوْ شَآءَ رَبُّكَ لَجَعَلَ النَّاسَ اُمَّةً وَّاحِدَةً وَّلَا يَزَالُوْنَ
مُخْتَلِفِيْنَ ﴿١١٨﴾ اِلَّا مَنْ رَّحِمَ رَبُّكَ ۭ وَلِذٰلِكَ خَلَقَهُمْ ۭ وَتَمَّتْ كَلِمَةُ
رَبِّكَ لَاَمْلَئَنَّ جَهَنَّمَ مِنَ الْجِنَّةِ وَالنَّاسِ اَجْمَعِيْنَ ﴿١١٩﴾ وَكُلًّا
نَّقُصُّ عَلَيْكَ مِنْ اَنْۢبَآءِ الرُّسُلِ مَا نُثَبِّتُ بِهٖ فُؤَادَكَ ۚ وَجَآءَكَ
فِيْ هٰذِهِ الْحَقُّ وَمَوْعِظَةٌ وَّذِكْرٰى لِلْمُؤْمِنِيْنَ ﴿١٢٠﴾ وَقُلْ لِّلَّذِيْنَ لَا

---

الْقُرٰى بِظُلْمٍ وَّاَهْلُهَا مُصْلِحُوْنَ بيهِ ڇھو نہ تھند پروردگار سُو کيا گالہ کنہ شھرہ کين لوکن ظلم کرت يلہِ تمہِ شهرکِ لوکھ آسَن اصلاح کرہ ونِ۔ بين لوکن تبليغ ودعوت دِوہ ونِ وَلَوْ شَآءَ رَبُّكَ لَجَعَلَ النَّاسَ اُمَّةً وَّاحِدَةً هرگہے يژھہِ ہاتھند پروردگار سُو کرہ ہاضرور سارنی لوکن گنی (جماعت بعض حکمن کُن نظر کرِ تھ ييژھ نہ تمِ تہِ بلکہِ بناوين وارياہ جماژ سموا اختلاف کور وَّلَا يَزَالُوْنَ مُخْتَلِفِيْنَ بيہ روزن تمِ هميشہ اختلاف گرہ ونِ اِلَّا مَنْ رَّحِمَ رَبُّكَ مگر کرن نہ اختلاف دمنِ حقس اندر تمِ تمن پيٹھ تھند پروردگار فضل تہ رحم کرِہ وَلِذٰلِكَ خَلَقَهُمْ ای خيطرہ ڇھنِ کرمت پيدہ۔ يعنی اختلاف کرن وال اختلافہ خيطرہ۔ رحمتہ وال رحمتہ خيطرہ۔ وَتَمَّتْ كَلِمَةُ رَبِّكَ بيہ ڇھو پوٗر سپدمُت چانس پروردگارہ سُند بيہ حکم لَاَمْلَئَنَّ جَهَنَّمَ مِنَ الْجِنَّةِ وَالنَّاسِ اَجْمَعِيْنَ کہِ ضرور کرن بُو پُر نار جهنم، جنو تہ انسانو سيتِ اکہِ وٹہ وَكُلًّا نَّقُصُّ عَلَيْكَ مِنْ اَنْۢبَآءِ الرُّسُلِ بيہ ڇھہِ اسِ تمِ ساری قصہ، حضراتِ انبياءن هنديو قصوا اندرہ توہہ بيان کران مَا نُثَبِّتُ بِهٖ فُؤَادَكَ تمے قصہ سمو سيت اسِ تهند دل مضبوط کران ڇھہِ وَجَآءَكَ فِيْ هٰذِهِ الْحَقُّ وَمَوْعِظَةٌ وَّذِكْرٰى لِلْمُؤْمِنِيْنَ بيہ واژ توہہِ نشہِ اتھ منز پزکتھ۔ بيہ ڇھوا اتھ منز بوڑ وعظ بڈ نصيحت تہ يادِہانی باايمانن هندِہ خيطرہ وَقُلْ لِّلَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ اعْمَلُوْا عَلٰى مَكَانَتِكُمْ ۭ اِنَّا عٰمِلُوْنَ بيہ وَنِو تمن لُوکن تمِ نہ باوجودِ قطعی دليلہ تمنِ نشہِ واتنہ ايمان انان ڇھہ۔ ای لوکو کران گژھو تہہ کوم پننہ جايہ۔ اسِ تہِ ڇھہِ کوم کران پننہ جايہِ وَانْتَظِرُوْا اِنَّا مُنْتَظِرُوْنَ بيہ پيار وِ تہہ پننہ نين اعمالن هندِ س

يُؤْمِنُونَ اعْمَلُوا عَلٰى مَكَانَتِكُمْ ۖ اِنَّا عٰمِلُوْنَ ۝١٢١ وَانْتَظِرُوْا ۚ اِنَّا
مُنْتَظِرُوْنَ ۝١٢٢ وَلِلّٰهِ غَيْبُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَاِلَيْهِ يُرْجَعُ الْاَمْرُ
كُلُّهٗ فَاعْبُدْهُ وَتَوَكَّلْ عَلَيْهِ ۗ وَمَا رَبُّكَ بِغَافِلٍ عَمَّا تَعْمَلُوْنَ ۝١٢٣

---

تیجس اَسِ تہٕ چھےِ پیاران پنہٕ نین اعمالن ہندس نتیجس عنقریب ژٕنہِ پوز کیاہ چھُو تہٕ اپُز کیاہ چھُو وَلِلّٰهِ غَيْبُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَاِلَيْهِ يُرْجَعُ الْاَمْرُ كُلُّهٗ فَاعْبُدْهُ وَتَوَكَّلْ عَلَيْهِ بیہ چھُو خدایس ی معلوم تہٕ سورُوی یِہ آسمانن تہٕ زمینن اندر پُوشیدہ چھُو۔ تِس کُن ین واتاونہ ساری معاملات پس کرِو تہنزی یاژ عبادت تہٕ بندگی۔ بیہ کرو تس پیٹھ توکل تہٕ اعتماد وَمَا رَبُّكَ بِغَافِلٍ عَمَّا تَعْمَلُوْنَ بیہ چھُونہٕ چون پروردگار بے خبر تمو کامیو نشہِ یمہٕ تُہہ کران چھِوہ۔






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ

الٓرٰ قف تِلْكَ اٰيٰتُ الْكِتٰبِ الْمُبِيْنِ ﴿۱﴾ اِنَّآ اَنْزَلْنٰهُ قُرْءٰنًا عَرَبِيًّا
لَّعَلَّكُمْ تَعْقِلُوْنَ ﴿۲﴾ نَحْنُ نَقُصُّ عَلَيْكَ اَحْسَنَ الْقَصَصِ بِمَآ
اَوْحَيْنَآ اِلَيْكَ هٰذَا الْقُرْاٰنَ ق صلے وَاِنْ كُنْتَ مِنْ قَبْلِهٖ لَمِنَ
الْغٰفِلِيْنَ ﴿۳﴾ اِذْ قَالَ يُوْسُفُ لِاَبِيْهِ يٰٓاَبَتِ اِنِّيْ رَاَيْتُ اَحَدَ
عَشَرَ كَوْكَبًا وَّالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ رَاَيْتُهُمْ لِيْ سٰجِدِيْنَ ﴿۴﴾
قَالَ يٰبُنَيَّ لَا تَقْصُصْ رُءْيَاكَ عَلٰٓى اِخْوَتِكَ فَيَكِيْدُوْا لَكَ

---

الٓرٰ امیک معنی چھو خدایہ سی معلوم تِلْكَ اٰيٰتُ الْكِتٰبِ الْمُبِيْنِ ییہِ چھہِ تِمہِ آیات اکہِ واضح تہ صاف کتابہ ہندِ اِنَّآ اَنْزَلْنٰهُ قُرْءٰنًا عَرَبِيًّا یِزِ پاٹھِ اَسہِ کرنازِل سو کتاب قرآن مجید عربی پاٹھِ لَعَلَّكُمْ تَعْقِلُوْنَ یتھ تہہِ گوڈہ ای مکہ کیو لُو کو فِکرہ تِرہ۔ تہندِہ واسطہ ترہ فِکرہ بین لُوکن تہِ۔ نَحْنُ نَقُصُّ عَلَيْكَ اَحْسَنَ الْقَصَصِ بِمَآ اَوْحَيْنَآ اِلَيْكَ هٰذَا الْقُرْاٰنَ اسِ کرو بیان توہہِ یارسول اللہ قِصّو اندرہ بہتر قِصاہ۔ تِمہِ ذریعہ اسہِ سوز توہہِ کُن ییہِ قرآنِ مجید یعنی بذریعہ وحی وَاِنْ كُنْتَ مِنْ قَبْلِهٖ لَمِنَ الْغٰفِلِيْنَ آسِوہ تُہہ سانہِ بیان کرنہ برونٹھ امہِ نِشہِ بالکل بے خبر کیازِہ نہ اوسوہ پورمُت کینہ نہ اوسوہ کانسہِ نِشہِ بوزمُت کینہہ۔ نہ اوس لوکن نِشہِ تِمہِ طریقہ صحتہ سان ییہِ قِصہّ مشہور اِذْ قَالَ يُوْسُفُ لِاَبِيْهِ يٰٓاَبَتِ سُو وقت چھو قابلِ ذکر یلہِ حضرتِ یوسفن بابس پنہ نِس وون بابہ صیہامہِ حضِ وچھ خواب اِنِّيْ رَاَيْتُ اَحَدَ عَشَرَ كَوْكَبًا وَّالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ رَاَيْتُهُمْ لِيْ سٰجِدِيْنَ مہِ حضِ وچھ خوابس اندر کاہ تارک ییہِ آفتاب تہ زُون۔ تِم ساری وچھم مہِ سجدہ دِوان قَالَ يٰبُنَيَّ تمو فرموس جواب ای

كَيْدًا ۭ اِنَّ الشَّيْطٰنَ لِلْاِنْسَانِ عَدُوٌّ مُّبِيْنٌ ۝۵ وَكَذٰلِكَ
يَجْتَبِيْكَ رَبُّكَ وَيُعَلِّمُكَ مِنْ تَاْوِيْلِ الْاَحَادِيْثِ وَيُتِمُّ نِعْمَتَهٗ
عَلَيْكَ وَعَلٰٓي اٰلِ يَعْقُوْبَ كَمَآ اَتَمَّهَا عَلٰٓي اَبَوَيْكَ مِنْ قَبْلُ
اِبْرٰهِيْمَ وَاِسْحٰقَ ۭ اِنَّ رَبَّكَ عَلِيْمٌ حَكِيْمٌ ۝۶ۧ لَقَدْ كَانَ فِيْ يُوْسُفَ
وَاِخْوَتِهٖٓ اٰيٰتٌ لِّلسَّاۗىِٕلِيْنَ ۝۷ اِذْ قَالُوْا لَيُوْسُفُ وَاَخُوْهُ اَحَبُّ

---

میانہِ گوبرہ لَا تَقْصُصْ رُءْيَاكَ عَلٰٓي اِخْوَتِكَ یہِ خواب باوِزہ نہ بامِن نشہِ۔ تِم آسِ کاہ(۱۱) بای حضرت یوسفس ورای۔(۱۰) داہ آسِ اکس ماجہِ اَتھہِ۔ زہ ۲ آسِ حضرت یوسف تہ بنیامین بیس ماجہِ اَتھہِ فَيَكِيْدُوْا لَكَ كَيْدًا تِمن ییہ نہ یہِ خوش کینہہ تہ۔ پس کرن تِم چانہِ تکلیف تہ اِذاوا تاونہ خیطرہ خاص تدبیر شیطانہ سندِہ وسوسہ سیتِ۔ اِنَّ الشَّيْطٰنَ لِلْاِنْسَانِ عَدُوٌّ مُّبِيْنٌ پٔز پاٹھِ شیطان چھُو انسانہ سندُن دُشمن وَكَذٰلِكَ يَجْتَبِيْكَ رَبُّكَ وَيُعَلِّمُكَ مِنْ تَاْوِيْلِ الْاَحَادِيْثِ یہِ خواب ژیہ وُچھُتھہ تہِ اِیہ بعمل۔ ییہ کری ژہِ پنُن پروردگار منتخب نبوّتہ خیطرہ برگزیدہ پنہ نیو مہربانیو سیتِ۔ ییہ پِچھہِ ناوی ژہِ خوابَن ہندِہ تعبیرک علم وَيُتِمُّ نِعْمَتَهٗ عَلَيْكَ وَعَلٰٓي اٰلِ يَعْقُوْبَ ییہ کرِہ سُو پُور پنِن نعمت ژیہ پیٹھ۔ ییہ حضرت یعقوبہ سندِس خاندانس پیٹھ۔ كَمَآ اَتَمَّهَا عَلٰٓي اَبَوَيْكَ مِنْ قَبْلُ اِبْرٰهِيْمَ وَاِسْحٰقَ یتھہ پاٹھہ تِم پُورہ کرپنن نعمت چانِس بُڈبِس تہ بڈہ بُڈِ بِس پیٹھ۔ یعنی حضرتِ ابراہیمس تہ حضرتِ اسحٰقس پیٹھ اِنَّ رَبَّكَ عَلِيْمٌ حَكِيْمٌ پٔز پاٹھِ چون پروردگار چھُو سیٹھاہ علمہ وول تہ حکمتہ وول۔ یہ تہ اکس چھُو مناسِب فیض عطا کران لَقَدْ كَانَ فِيْ يُوْسُفَ وَاِخْوَتِهٖٓ اٰيٰتٌ لِّلسَّاۗىِٕلِيْنَ تحقیق حضرتِ یوسف ییہ تہندین بایَن ہندِس قصّس منز چھہِ بڈِ بڈِ نشانہ خدایہ سندہ قُدرتُک۔ ییہ تُہندِہ نبُوتُک۔ یا رسُول اللہ تِمن لُوکن ہندِہ خیطرہ ییم تُوہہِ ییمہِ قصّک پرژھان چھہِ۔ کیازِہ حضرتِ یوسفس اَتھہ بیکسی اندر سلطنت تہ تھود مرتبہ عطا سپُدن چھہ خدایہ سنزی کُوم۔ اَمہِ سیتِ سپدِہ مُسلمانن بڈ عبرت حاصِل۔ ییہ قوّتِ ایمان اِذْ قَالُوْا لَيُوْسُفُ وَاَخُوْهُ اَحَبُّ اِلٰٓي اَبِيْنَا مِنَّا وَنَحْنُ عُصْبَةٌ یہ کتھ چھہ قابلِ ذِکر یلہِ تِمو

إِلَىٰٓ أَبِينَا مِنَّا وَنَحْنُ عُصْبَةٌ ۚ إِنَّ أَبَانَا لَفِى ضَلَٰلٍ مُّبِينٍ ⑧
ٱقْتُلُوا۟ يُوسُفَ أَوِ ٱطْرَحُوهُ أَرْضًا يَخْلُ لَكُمْ وَجْهُ أَبِيكُمْ وَ
تَكُونُوا۟ مِنۢ بَعْدِهِۦ قَوْمًا صَٰلِحِينَ ⑨ قَالَ قَآئِلٌ مِّنْهُمْ لَا تَقْتُلُوا۟
يُوسُفَ وَأَلْقُوهُ فِى غَيَٰبَتِ ٱلْجُبِّ يَلْتَقِطْهُ بَعْضُ ٱلسَّيَّارَةِ
إِن كُنتُمْ فَٰعِلِينَ ⑩ قَالُوا۟ يَٰٓأَبَانَا مَا لَكَ لَا تَأْمَ۫نَّا عَلَىٰ يُوسُفَ
وَإِنَّا لَهُۥ لَنَٰصِحُونَ ⑪ أَرْسِلْهُ مَعَنَا غَدًا يَرْتَعْ وَيَلْعَبْ وَإِنَّا

---

وڌيڪ پيارا آهن. جيتوڻيڪ اسين يعني ڏهه ڀائر هڪ جماعت آهيون (جا ڪافي طاقت رکي ٿي.)

ووره بابوا کہ دوہہ پانہ وانِ ڈوپ۔ البتہ یوسف تہ تھند حقیقی بوی بنیامین ﭼﮭﻮ زیادہ ٹوٹھ سائس بابہ صیئس سانہ خوتہ حالانکہ اِس چھہ واریاہ بایِ۔ اکھ جماعت تمِ چھہ زہ بایِ۔ حالانکہ تمِ زہ چھہ کم ہن تہ لوکٹ۔ کم سنی مؤکھ ین نہ تھندہ اتھہ تمہِ کامہِ سوٗ خدمت یوٗسہ سانِ ہن اِیہ۔ اَسِ چھہ اکھ بڈ جماعت۔ سوٗن گوڑھہ تِمن زیادہ محبت آسُن اِنَّ اَبَانَا لَفِیْ ضَلٰلٍ مُّبِیْنِ بیشک سوٗن بابہ صیب ﭼﮭﻮ ننہ غلطی پیٹھ اِقْتُلُوْا یُوْسُفَ اَوِاطْرَحُوْہُ اَرْضًا یَّخْلُ لَکُمْ وَجْہُ اَبِیْکُمْ صلاح ﭼﮭﻮ یوٗسف ماریوٗن یا تراویوٗن دوٗر کُنہِ جایہِ۔ اَدہ روزِہ بابہ صیئن رُخ توہی کُن موکُل۔ تُھند توجہ سپدِہ پوٗر توہی کُن وَتَکُوْنُوْا مِنْ بَعْدِہٖ قَوْمًا صٰلِحِیْنَ تمی پتہ سپدِہ تُہنز کوم دُرست قَالَ قَآئِلٌ مِّنْہُمْ لَا تَقْتُلُوْا یُوْسُفَ تموٗ منزٕ دوپ اکھ ونن وولاہ۔ تمِ دوپُکھ یوسف مہ ماریوٗن۔ قتل تہ مارُن ﭼﮭﻮ نامناسب۔ وَاَلْقُوْہُ فِیْ غَیٰبَتِ الْجُبِّ یَلْتَقِطْہُ بَعْضُ السَّیَّارَۃِ اِنْ کُنْتُمْ فٰعِلِیْنَ بلکہ تراویوٗن سوٗ کُنہِ کیرِچہِ پوٗشیدہ جایہِ منز۔ یُتھ تمسِ کانہہ قافلہ تمہِ منزٕ کھارِت پانس سیت بیہِ کُنہِ شہرس منز واتناوِہ۔ ہر گاہ توہہِ یہ کوم کرُن ﭼﮭﻮ۔ میانہِ مشورہ تلہِ کر وِتھے پاٹھہِ۔ ساری سپدِ اَتھ کتھِ پیٹھ متفق۔ چنانچہ اِکہ وَٹہ گئے حضرتِ یعقوبس نِش قَالُوْا یٰٓاَبَانَا مَالَکَ لَا تَاْمَنَّا عَلٰی یُوْسُفَ دپنہِ لگ ای سانہِ بابہ صیبہ اَسہِ پیٹھ کونہ ہز چھوہ تُہہ اِعتبار کران حضرتِ یوسفہ سندِس حقس منز۔ تمِ کونہ حض ﭼﮭﻮکھ اسہِ سیت پھیرنہِ تہ سیر کرنہِ سوزان۔ وَاِنَّا لَہٗ لَنٰصِحُوْنَ حالانکہ اَسِ چھہِ تمسندِ بڈِ خیر خواہ اَرْسِلْہُ مَعَنَا غَدًا یَّرْتَعْ وَیَلْعَبْ

لَهٗ لَحٰفِظُوْنَ ﴿۱۲﴾ قَالَ اِنِّیْ لَیَحْزُنُنِیْٓ اَنْ تَذْهَبُوْا بِهٖ وَاَخَافُ
اَنْ یَّاْكُلَهُ الذِّئْبُ وَاَنْتُمْ عَنْهُ غٰفِلُوْنَ ﴿۱۳﴾ قَالُوْا لَئِنْ
اَكَلَهُ الذِّئْبُ وَنَحْنُ عُصْبَةٌ اِنَّاۤ اِذًا لَّخٰسِرُوْنَ ﴿۱۴﴾
فَلَمَّا ذَهَبُوْا بِهٖ وَاَجْمَعُوْۤا اَنْ یَّجْعَلُوْهُ فِیْ غَیٰبَتِ الْجُبِّ ۚ
وَاَوْحَیْنَاۤ اِلَیْهِ لَتُنَبِّئَنَّهُمْ بِاَمْرِهِمْ هٰذَا وَهُمْ لَا یَشْعُرُوْنَ ﴿۱۵﴾
وَجَآءُوْۤ اَبَاهُمْ عِشَآءً یَّبْكُوْنَ ﴿۱۶﴾ قَالُوْا یٰۤاَبَانَاۤ اِنَّا ذَهَبْنَا

---

سوسوزیون پگاہ اَسہِ سیتِ جنگلن اندر کھیہِ میوہ۔ بیہِ پھیرِہ تھورِہ اورہ یُور۔ ذرا کڈہ واشاہ۔ تُہہ مہ بَرِو کانہہ اندیشہِ وَاِنَّا لَهٗ لَحٰفِظُوْنَ اسِ ساری چھہِ تس راچھہِ تہ حفاظت کرہ ونِ قَالَ اِنِّیْ لَیَحْزُنُنِیْٓ اَنْ تَذْهَبُوْا بِهٖ وَاَخَافُ اَنْ یَّاْكُلَهُ الذِّئْبُ وَاَنْتُمْ عَنْهُ غٰفِلُوْنَ حضرتِ یعقوبن دوپُھ مےِ چھُو تُہند یہِ پانس سیتِ نیُون پریشان کران (کیازِہ اَمسنز دُوری چھُس نہ بُو ژرہ وان) بیہِ چھُوم خطرہ گرُٹھان اَمِس ماکھیہِ رامہ ہُون (اتھ شہرس منز آسِ سیٹھاہ رامہ ہون) تُہہ آسِو پننہِ کامہِ سیتِ مشغول اَمِس کُن روزہ وہ نہ خیالی۔ اَمسندِہ حالہ نشہِ رُوزِو بے خبر قَالُوْا لَئِنْ اَكَلَهُ الذِّئْبُ وَنَحْنُ عُصْبَةٌ اِنَّاۤ اِذًا لَّخٰسِرُوْنَ تمو دُوپ اَس ایژبڈ جماعت سیتِ آستھ ہرگاہ اَمس رامہ ہُون کھیتہ تلہ چھہِ اسِ بڈہ تاوان زدِ تلہِ چھُونہ اَسہِ اعتبار اہ کینہہ فَلَمَّا ذَهَبُوْا بِهٖ پتس یلہِ یہِ حضرتِ یوسُف تمو پانس سیتِ نیُو وَاَجْمَعُوْۤا اَنْ یَّجْعَلُوْهُ فِیْ غَیٰبَتِ الْجُبِّ بیہِ کور تمو سارِوی اِتفاق سابقہ فیصلہ موجب کہ یہِ تراویون کیرِ چہ پوشیدہ جایہِ منز (چنانچہِ اکھ کیوراہ اوس اَمہِ طرفہ۔ تتھ منز ترود کھ) وَاَوْحَیْنَاۤ اِلَیْهِ لَتُنَبِّئَنَّهُمْ بِاَمْرِهِمْ هٰذَا وَهُمْ لَا یَشْعُرُوْنَ اسہِ سوزو حی حضرتِ یوسُفس کُن (غم مہ بَرکینہہ۔ اکھ وقتاہ واتہ) ژہ پاوکھ تمن یہِ سوزُوی کرتُوت ژ تمیں تم آسنہ نہ ژیہ پرزہ ناوانی وَجَآءُوْۤ اَبَاهُمْ عِشَآءً یَّبْكُوْنَ تو پتہ آی تمِ بابہ صیبس پننہِ پس نشہِ کالچن ودان ودان قَالُوْا یٰۤاَبَانَاۤ اِنَّا ذَهَبْنَا نَسْتَبِقُ وَتَرَكْنَا یُوْسُفَ عِنْدَ مَتَاعِنَا فَاَكَلَهُ الذِّئْبُ دپنہِ لگِ اے سانہ بابہ صیبہ چھِوہ نابُوزان اس لجیای یانہ وانِ دورِہ اندرمان مان

نَسْتَبِقُ وَتَرَكْنَا يُوسُفَ عِنْدَ مَتَاعِنَا فَأَكَلَهُ الذِّئْبُ ۚ وَمَآ
أَنْتَ بِمُؤْمِنٍ لَّنَا وَلَوْ كُنَّا صٰدِقِيْنَ ﴿١٧﴾ وَجَآءُوْ عَلٰى قَمِيْصِهٖ
بِدَمٍ كَذِبٍ ۚ قَالَ بَلْ سَوَّلَتْ لَكُمْ أَنْفُسُكُمْ أَمْرًا ۚ فَصَبْرٌ
جَمِيْلٌ ۚ وَاللّٰهُ الْمُسْتَعَانُ عَلٰى مَا تَصِفُوْنَ ﴿١٨﴾ وَجَآءَتْ سَيَّارَةٌ
فَأَرْسَلُوْا وَارِدَهُمْ فَأَدْلٰى دَلْوَهٗ ۚ قَالَ يٰبُشْرٰى هٰذَا غُلٰمٌ ۚ
وَأَسَرُّوْهُ بِضَاعَةً ۚ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ بِمَا يَعْمَلُوْنَ ﴿١٩﴾ وَشَرَوْهُ

---

کرنہِ یوسف تھاویو اَسہِ سامانس نِشہِ راچھہِ اتی آوَرامہ ہُون تمی کھیو سُو وَمَآ أَنْتَ بِمُؤْمِنٍ لَّنَا وَلَوْ كُنَّا صٰدِقِيْنَ مگر تُہہ گَتہِ کَرِ واَسہِ پزٕھہ ہرگاہ اسِ پوزٕتہِ ونان آسو وَجَآءُوْ عَلٰى قَمِيْصِهٖ بِدَمٍ كَذِبٍ بیہ اَنِکھ تمن برونٹھ کُن تھزٕ کرٕتنِ اَپزٕر تھ مٔتھتھ قَالَ حضرتِ یعقوبن دوپُھ یہِ کتھہ چھنہ یُوسہ تُہہ ونان چھوِہ۔ ہرگاہ یہِ رامہ ہُونِ سنزٕ کوم آسہاتلہِ آسہٕنی اَتھ کرٕتنہِ رامہِ ہُونِ سندین ژوپین ہندِ زخم۔ حقیقت یہِ چھنہ یہ تُہہ بیان کران چھوِہ بَلْ سَوَّلَتْ لَكُمْ أَنْفُسُكُمْ أَمْرًا بلکہِ چھوِہ تُہہ نفسن پنہٕ نین بیہ کوستان مشکل کوم کرنہ خیطرہ تیٚلاوِمتِ فَصَبْرٌ جَمِيْلٌ دون چھُو میانہِ خیطرہ صبر کرٕنُوی جان وَاللّٰهُ الْمُسْتَعَانُ عَلٰى مَا تَصِفُوْنَ بیہ چھُس بو اللہ تعالیٰ سی یاری منگان تتھ دردناک واقعس پیٹھ یُس تُہہ ونان چھوِہ وَجَآءَتْ سَيَّارَةٌ بیپارِ پیو واتتھ اکھ قافِلاہ اکھ تتھ کیرِس نکھ تل یتھ منز حضرتِ یوسُف اوس فَأَرْسَلُوْا وَارِدَهُمْ فَأَدْلٰى دَلْوَهٗ پس سوزٕ تمو پنُن آب سارٕن وول تمِ ترٕوو بجہ پنُن کیرِس منز تورہ کھوت بجس اندر نندہ بُون محبوباہ حضرتِ یوسُف قَالَ يٰبُشْرٰى هٰذَا غُلٰمٌ تمِس یانِ تَس کُن نظر پییہ سُو لوگ کریکھ تُلِتھ دِپنہِ ہالو کو خوشخبر بوینوہ۔ یہِ چھُو اکھ خوبصورت فرزنداہ وَأَسَرُّوْهُ بِضَاعَةً تو پتہٕ تھوکھ کھٹِتھ مالِ تجارت بناوِ تھ۔ خیال کورکھ کہِ یہِ ہیٚتھ گژھو مصرس منز کانسہِ بڈِس امیرس کنون ہیٚتہِ۔ خوب نفع تہٕ فائیدہ سپدِ حاصل وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ بِمَا يَعْمَلُوْنَ اللہ تعالیٰ ای اوس تہٕ سورُوی پورٕ

بِثَمَنٍۭ بَخۡسٍ دَرَاهِمَ مَعۡدُودَةٍۚ وَكَانُواْ فِيهِ مِنَ ٱلزَّٰهِدِينَ ﴿٢٠﴾ ع
وَقَالَ ٱلَّذِي ٱشۡتَرَىٰهُ مِن مِّصۡرَ لِٱمۡرَأَتِهِۦٓ أَكۡرِمِي مَثۡوَىٰهُ
عَسَىٰٓ أَن يَنفَعَنَآ أَوۡ نَتَّخِذَهُۥ وَلَدٗاۚ وَكَذَٰلِكَ مَكَّنَّا لِيُوسُفَ
فِي ٱلۡأَرۡضِ وَلِنُعَلِّمَهُۥ مِن تَأۡوِيلِ ٱلۡأَحَادِيثِۚ وَٱللَّهُ غَالِبٌ

---

زانان یہِ تمِ کران آسِ۔ دورہ بایِ آسِ گٔنہِ گٔنہِ وقتہ اتھ کیٖرِس نکھتل یِوان کھین چین واتناوان تمِ آسِ نہ یِژھان حضرتِ یوسفؑ گژھہِ کیٖرِس منز ہلاک سپدُن۔ بلکہ گژھہِ کانہہ شخصاہ تمِس کیٖرِ ہ منزہ کڈِتھ ییٖہ گٔنہِ شہرس واتناوُن۔ ییٖہ گژھہِ نہ گٔنہِ طریقہ حضرتِ یعقوبس اطلاع سپدُن۔ غرض تمہِ دوہہ تہِ آی تمِ کیٖرِس نکھتل۔ تتہِ وچھکھ نہ حضرتِ یوسفؑ کینہہ تہِ۔ تو پتہ آیِ تمِ اتھ قافلس نشہِ۔ تمن دوپکھ ییٖہ چھُو سون ژولمت غلام اسِ چھنِ نہ یِژھان ییٖہ پانس نشہِ رٹُن وَشَرَوۡهُ بِثَمَنٍۭ بَخۡسٍ دَرَاهِمَ مَعۡدُودَةٍ تو پتہ کٔن تمو دوِرہ بایو حضرتِ یوسف کم مولس کنیٖژن درہمن لٔہِ قافلہ کین کنیٖژن شخصن یا کن اہل قافلو وَكَانُواْ فِيهِ مِنَ ٱلزَّٰهِدِينَ تمِ ہیٖنہ والِ آسِ تہندِس مولِ ہیٖنس اندر بے میل تہ بے رغبت لاگان (تو پتہ نیو تمو ییٖہ حضرتِ یوسف پانس سیٖت تہِ واتنوُکھ مصر مصرس منز آوٗ یمن نیٖلام کرنہ۔ آخری بُول سپز عزیزِ مصرس پیٹھ ختم۔ بالاخر ہیوت تمی حضرتِ یوسفؑ مل وَقَالَ ٱلَّذِي ٱشۡتَرَىٰهُ مِن مِّصۡرَ لِٱمۡرَأَتِهِۦٓ أَكۡرِمِي مَثۡوَىٰهُ تو پتہ دوپ مصر کہ تمِ شخصن یمِ حضرتِ یوسف پتولا کہ مُول ہیوت (یعنی عزیزِ مصرن) زنانہ پننہ یٔس زلیخا ناو اوس تمِس لُوکٹ سنز جای تھاوِزہ سیٹھاہ بُلند یعنی امِس کرِزہ سیٹھاہ قدر تہ تعظیم عَسَىٰٓ أَن يَنفَعَنَآ شاید ییٖہ ماواتنا وِہ اَسہِ فایدہ۔ یتھ پاٹھِ روچھمت لوکٹ بکار یِوان چھُو أَوۡ نَتَّخِذَهُۥ وَلَدٗا بلکہِ رچھون اسِ ییٖہ گوبرہ گرنز (کیا زِہ اسہِ چھُونہ پانس اولاد کینہہ) وَكَذَٰلِكَ مَكَّنَّا لِيُوسُفَ فِي ٱلۡأَرۡضِ امی طریقہ دٔیت اَسہِ حضرتِ یوسفس تھود مُقام مصرہ کِس سرزمینس اندر۔ یتھ سُو مصرس اندر تھدِس مقامس پیٹھ رُوزِتھ امورِ سلطنچ مہارت حاصل ہیکہ کٔرِتھ۔ وَلِنُعَلِّمَهُۥ مِن تَأۡوِيلِ ٱلۡأَحَادِيثِ ییٖہ یتھ اسِ سُو ہیچھناوون کتھن ہُند معنی تہ مطلب (تمی منزہ گو خوابن ہُند تعبیر۔

عَلٰٓى اَمْرِهٖ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿٢١﴾ وَلَمَّا بَلَغَ
اَشُدَّهٗٓ اٰتَيْنٰهُ حُكْمًا وَّعِلْمًا ؕ وَكَذٰلِكَ نَجْزِى الْمُحْسِنِيْنَ ﴿٢٢﴾
وَرَاوَدَتْهُ الَّتِىْ هُوَ فِىْ بَيْتِهَا عَنْ نَّفْسِهٖ وَغَلَّقَتِ الْاَبْوَابَ
وَقَالَتْ هَيْتَ لَكَ ؕ قَالَ مَعَاذَ اللّٰهِ اِنَّهٗ رَبِّىْٓ اَحْسَنَ مَثْوَاىَ ؕ
اِنَّهٗ لَا يُفْلِحُ الظّٰلِمُوْنَ ﴿٢٣﴾ وَلَقَدْ هَمَّتْ بِهٖ وَهَمَّ بِهَا لَوْلَآ اَنْ
رَّاٰ بُرْهَانَ رَبِّهٖ ؕ كَذٰلِكَ لِنَصْرِفَ عَنْهُ السُّوْٓءَ وَالْفَحْشَآءَ ؕ

---

غرض اوس تمن نجات ڏِنہ اَندرہ دولتِ ظاهري و باطني سيت نوازِش ڪرِن وَاللّٰهُ غَالِبٌ عَلٰٓى اَمْرِهٖ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ الله تعالیٰ ڇھو غالب پنہ ڪِس يڙھتِس امرس پيٹھ۔ يہ سُو يڙھان ڇھُوتی ڇھُو بنان مگر واریاہ لُوکھ ڇھنہِ زانان وَلَمَّا بَلَغَ اَشُدَّهٗٓ اٰتَيْنٰهُ حُكْمًا وَّعِلْمًا تو پتہ يلہِ حضرتِ يوسف ووت تو تِکِس کمالس يعني کاملِ جواني عطا کورأسہِ تِس گاٹہ جارتہ علم وَكَذٰلِكَ نَجْزِى الْمُحْسِنِيْنَ تِتھے پاٹھِ ڇھِ اسِ رٔڑہ کامہِ کرہ وٕنين رُت جزا دِوان وَرَاوَدَتْهُ الَّتِىْ هُوَ فِىْ بَيْتِهَا عَنْ نَّفْسِهٖ بيہ لج پتہِ حضرتِ يُوسفس سُو زنانہ يمسندِس گرس منز سُو اوس تُھہند حسن و جمال وُچھتِ تِچھہ کامہِ خيطرہ۔ اکہ دوہہ لوبُن موقعہ رٹِن تمِ خلوت وَغَلَّقَتِ الْاَبْوَابَ تِھين هندِ دروازہ کرِن بند وَقَالَتْ هَيْتَ لَكَ تو پتہ لج وَپنہِ جلد یِھن وَلہ۔ میون تمنا کر پورہ تمو دوپُس یہ گَس ڇھکھ ونان۔ دوہُن ژہ ڇھسَی ونان بوکر تھس تارہ قَالَ مَعَاذَ اللّٰهِ حضرتِ یوسفن دوپُس پناہ بخدا یڑھ تِھی منہ کر اِنَّهٗ رَبِّىْٓ اَحْسَنَ مَثْوَاىَ يِڑ پاٹھِ امِ چانِ خاندانن عزیزِ مصرن روٹھس بو، پولس بُو رٔڑہِ جایہ تھوونس بوکیاہ بوکرا اتھ احسانس بدل تمسُند عزت داغدار یہ گو سراسر ظلم اِنَّهٗ لَا يُفْلِحُ الظّٰلِمُوْنَ پیٛڑ پاٹھِ تِتھین ظالمن تہ حق فراموش هندِ خیطرہ ڇھنہ کانہہ کامیابی۔ اکثر ڇھہ امہِ قسمکِ لُوکھ زیادہ دُنیاسی منز ذلیل تہ رُسواسپدان آخرتک وبال گو آسِتھی وَلَقَدْ هَمَّتْ بِهٖ وَهَمَّ بِهَا لَوْلَآ اَنْ رَّاٰ بُرْهَانَ رَبِّهٖ پیٛڑ پاٹھِ زلیخایہِ کریو قصد تمن نِشہِ یِچھ کامہِ هُند۔ تموتہِ ہرگاہ نے تمِ وُچھہ ہَن پنہ نِس پروردگارہ سنزن

اِنَّهٗ مِنْ عِبَادِنَا الْمُخْلَصِيْنَ ﴿٢٤﴾ وَاسْتَبَقَا الْبَابَ وَقَدَّتْ
قَمِيْصَهٗ مِنْ دُبُرٍ وَّاَلْفَيَا سَيِّدَهَا لَدَا الْبَابِ ؕ قَالَتْ مَا جَزَآءُ
مَنْ اَرَادَ بِاَهْلِكَ سُوْٓءًا اِلَّاۤ اَنْ يُّسْجَنَ اَوْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ﴿٢٥﴾
قَالَ هِيَ رَاوَدَتْنِيْ عَنْ نَّفْسِيْ وَشَهِدَ شَاهِدٌ مِّنْ اَهْلِهَاۚ
اِنْ كَانَ قَمِيْصُهٗ قُدَّ مِنْ قُبُلٍ فَصَدَقَتْ وَهُوَ مِنَ الْكٰذِبِيْنَ ﴿٢٦﴾

---

دلیل مگر تُہند ارادہ عزٗ ٹیکس در جس ووت نہ۔ بلکہِ تُہند ارادہ اوس روزہ دارہ سُند آبِ سر دوچھتِ آئس گُن رغبت سپدُن ہیوٗ۔ تمہِ رغبتہ سیتِ چُھنہ روزہ پھُٹان۔ بلکہ چھُو رغبت سپدِ تھ پننِ پان پتھ رٹُن تہ صبر کرُن باعثِ اجر و ثواب بنان کَذٰلِكَ لِنَصْرِفَ عَنْهُ السُّوْٓءَ وَالْفَحْشَآءَ یتھے پاٹھِ دیت اَسہِ تمِن توفیق عصمتُک یتھ دُور کرَوٲسِ تمِن نشہِ بدی تہ بےحیٲیی اِنَّهٗ مِنْ عِبَادِنَا الْمُخْلَصِيْنَ بے شک سُو حضرتِ یوسُف چھُو سانیو برگزیدہ بنٛدوٲندرہ، پیغمبرو اندرہ یمَن عصمت و پاکی لازم چھَہ۔ امہِ زلیخایہ کور ییٚہ پننِ خیال پیش۔ حضرتِ یوسف ژُل پننِ پان بچاونہ خیطرہ سو دُوریُکھ پتہ وَاسْتَبَقَا الْبَابَ وَقَدَّتْ قَمِيْصَهٗ مِنْ دُبُرٍ دوشوٕے دورے ییٚہ درواز س کُن حضرت یوسف ژلنہ خیطرہ، زلیخا تمِن رٹنہ خیطرہ۔ تمہِ لاٚیِ تمِن تھپ سو آیہِ تہنٛزہ کرٛتہٕ تھرکِن کرتنِ آیہِ ژھیٚتھ وَّاَلْفَيَا سَيِّدَهَا لَدَا الْبَابِ دوشون سمُکھ خاوند زلیخایہِ ہُند درواز س تَل زلیخاو یس ییٚہ قَالَتْ مَا جَزَآءُ مَنْ اَرَادَ بِاَهْلِكَ سُوْٓءًا اِلَّاۤ اَنْ يُّسْجَنَ اَوْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ زلیخایہ دُوپ کانہہ سزا چھُونہ تس شخص یُس چانین ہاژن سیتِ تِچھہِ کامہِ ہُند ارادہ کرِہ مگر ای زِہ سُو ییٚہ جیلخانس منز بند کرنہ یا اَمِس سخت دردناک عذاب کرنہ قَالَ هِيَ رَاوَدَتْنِيْ عَنْ نَّفْسِيْ حضرتِ یوسفن دُوپ ییٚہ چھَہ مےٚ کُن اِشارہ کران حالانکہِ ییٚہے چھَہ پتہ لجمٕژ مےٚ مےٚ نشہِ پننِ مطلب کڈنہ خیطرہ وَشَهِدَ شَاهِدٌ مِّنْ اَهْلِهَا اتھ موقعس پیٹھ دِژ گواہی تمسندوی رشتہ دارو منزہ اکِ شیر خوار بچِن حضرتِ یوسفہ سندِس بری تہ پاک آسنس پیٹھ اِنْ كَانَ قَمِيْصُهٗ قُدَّ مِنْ قُبُلٍ فَصَدَقَتْ وَهُوَ مِنَ الْكٰذِبِيْنَ تمِ دوپ ہرگاہ حضرتِ یوسفہ سنز کرُتنِ برونٹھمہ طرفہ ژھیٚنمٕژ

وَاِنْ كَانَ قَمِيْصُهٗ قُدَّ مِنْ دُبُرٍ فَكَذَبَتْ وَهُوَ مِنَ
الصّٰدِقِيْنَ ﴿۲۷﴾ فَلَمَّا رَاٰ قَمِيْصَهٗ قُدَّ مِنْ دُبُرٍ قَالَ اِنَّهٗ مِنْ
كَيْدِكُنَّ ؕ اِنَّ كَيْدَكُنَّ عَظِيْمٌ ﴿۲۸﴾ يُوْسُفُ اَعْرِضْ عَنْ هٰذَا ٚ
وَاسْتَغْفِرِيْ لِذَنْۢبِكِ ۖۚ اِنَّكِ كُنْتِ مِنَ الْخٰطِـِٕيْنَ ﴿۲۹﴾ وَقَالَ
نِسْوَةٌ فِي الْمَدِيْنَةِ امْرَاَتُ الْعَزِيْزِ تُرَاوِدُ فَتٰىهَا عَنْ
نَّفْسِهٖ ۚ قَدْ شَغَفَهَا حُبًّا ؕ اِنَّا لَنَرٰىهَا فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ ﴿۳۰﴾
فَلَمَّا سَمِعَتْ بِمَكْرِهِنَّ اَرْسَلَتْ اِلَيْهِنَّ وَاَعْتَدَتْ لَهُنَّ مُتَّكَاً

---

آسہ، تلہٕ چھہ زلیخا پوز وَنان۔ حضرتِ یوسف چھُو تتھ بدل وَنان وَاِنْ كَانَ قَمِيْصُهٗ قُدَّ مِنْ دُبُرٍ فَكَذَبَتْ وَهُوَ مِنَ الصّٰدِقِيْنَ ہرگاہ تھنز کُرتہٕ تھٕر کِن ژھیٹمُت آسہ تیلہٕ چھہ زلیخا اپُز وَنان حضرتِ یوسف چھُو پُز زیور فَلَمَّا رَاٰ قَمِيْصَهٗ قُدَّ مِنْ دُبُرٍ قَالَ اِنَّهٗ مِنْ كَيْدِكُنَّ اِنَّ كَيْدَكُنَّ عَظِيْمٌ یلہٕ تمسندِ خاوندن وُچھ تھنز کُرتہٕ تھٕر کِنی ژھیٹمُت دوپُن زلیخایہ کُن یہ چھہ تھنزی شیطنت تہ چالاکی۔ پُز پاٹھہٕ تُہند مکر و فریب تہ شیطنت چھہ سیٹھاہ بڈ يُوْسُفُ اَعْرِضْ عَنْ هٰذَا اے یوسف امہٕ نشہٕ پھیرو، یہ کتھ ژٹو وَاسْتَغْفِرِيْ لِذَنْۢبِكِ اِنَّكِ كُنْتِ مِنَ الْخٰطِـِٕيْنَ ای زلیخا ژہ منگ معافی پنہ نہ قصورہ خیطرٕ ہ۔ بیشک ژی چھکھ خطاکار تہ مُجرم۔ تو پتہ سپُد یہ معاملہ مشہور شہرس اندر چنانچہ وَقَالَ نِسْوَةٌ فِي الْمَدِيْنَةِ امْرَاَتُ الْعَزِيْزِ تُرَاوِدُ فَتٰىهَا عَنْ نَّفْسِهٖ مصرس اندر لجہٕ واریاہ زنانہ وَنہٕ عزیزِ مصرہ سنز ہ آشنہٕ چھُو دِل لوگمُت پنہ نِس غلامس پتھ۔ سو چھہ لجمژ پتہ تس غلامس پٮ۪ٹھ ناجائز مطلب کڈنہ خیطرٕ ہ قَدْ شَغَفَهَا حُبًّا تسُند دِل چھُو پھُٹمت تھدِ محبتہ سیتِ اِنَّا لَنَرٰىهَا فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ اسِ چھِن سُو زانان ڈجمژ۔ کیاہ گوس وارہ کارہ رُون آستھ نوکرس پتھ پھٔسُن۔ یہ کاژاہ رسوائی تہ خجالت چھہ۔ فَلَمَّا سَمِعَتْ بِمَكْرِهِنَّ اَرْسَلَتْ اِلَيْهِنَّ پُس یلہٕ زلیخایہ بُوز زنانن ہنز یہ بدگوئی تہ ملامت کرنِ۔ تمہٕ

وَّاٰتَتْ كُلَّ وَاحِدَةٍ مِّنْهُنَّ سِكِّيْنًا وَّقَالَتِ اخْرُجْ عَلَيْهِنَّ ۚ فَلَمَّا
رَاَيْنَهٗٓ اَكْبَرْنَهٗ وَقَطَّعْنَ اَيْدِيَهُنَّ ۫ وَقُلْنَ حَاشَ لِلّٰهِ مَا هٰذَا بَشَرًا ۭ
اِنْ هٰذَآ اِلَّا مَلَكٌ كَرِيْمٌ ﴿٣١﴾ قَالَتْ فَذٰلِكُنَّ الَّذِيْ لُمْتُنَّنِيْ فِيْهِ ۭ وَ
لَقَدْ رَاوَدْتُّهٗ عَنْ نَّفْسِهٖ فَاسْتَعْصَمَ ۭ وَلَىِٕنْ لَّمْ يَفْعَلْ مَآ اٰمُرُهٗ
لَيُسْجَنَنَّ وَلَيَكُوْنًا مِّنَ الصّٰغِرِيْنَ ﴿٣٢﴾ قَالَ رَبِّ السِّجْنُ اَحَبُّ

سوز تمن نادس ڏو پنکه اي زنانو توهہ پڇھ ميانہِ گرہِ دعوت وَاَعْتَدَتْ لَهُنَّ مُتَّكَاً سجاو تھ ٿهاوِن تهندِہ خيطرہ مسندہ، تکيہ وار تو پتہ يلہِ تمہِ زنانہ آيہِ تمن بروٽھ گنہِ آي ٿهاونہ کھينہ چينکِ چيزبيہِ وارياہ ميوہ تمو منزہ وارياہ ميوہ شراکہ پچُوسيتِ ژٹنس قابل آسِ۔ وَّاٰتَتْ كُلَّ وَاحِدَةٍ مِّنْهُنَّ سِكِّيْنًا لهذا اِڈِن پرتھ اکس تمو زنانو اندرہ اکھ اکھ شراکہ بچاہ ميوہ ژٹنہ خيطرہ (يلہِ تمہِ زنانہ مشغول سپزہ ميوہ کھينس سيتِ وَّقَالَتِ اخْرُجْ عَلَيْهِنَّ زليخايہ ڈوپ حضرتِ يُوسفس تِم بيہِ گُنہِ نِکھس منز آسهن تهہ نيرِ وناوبر تمن زنانن بروٺھ کُن۔ چنانچہِ درای تم فَلَمَّا رَاَيْنَهٗٓ اَكْبَرْنَهٗ پُس يلہِ تموِ زنانو حضرتِ يوسُف وُچھ سيٹھاہ بوڈگنز روڈکھ حسُن وجمالس اندر۔ سُو وُچھتھ ويسرِ بيہِ هوش روڈکھ نہ کينهہ وَقَطَّعْنَ اَيْدِيَهُنَّ تو پتہ سپزہ بے اختيار ميوہ بدل ژٹکھ اتھہ پنن وَقُلْنَ حَاشَ لِلّٰهِ بيہِ دوپکھ منزہ تہ پاک چھُو اللہ تعالیٰ مَا هٰذَا بَشَرًا يہِ حضرتِ يوسُف چھُونہ بشر (بشرن اندر چھُونہ يتھ حسُن وجمال اَسہِ وُچھمُت وی) اِنْ هٰذَآ اِلَّا مَلَكٌ كَرِيْمٌ يہِ چھُونہ مگر عزتہ ڈول ملکاہ۔ انسانن اندر گتہِ چھُو يتھ حسُن وجمال آسان البتہ ملکھی چھہِ آسان يتھ نُندہ بانِ قَالَتْ فَذٰلِكُنَّ الَّذِيْ لُمْتُنَّنِيْ فِيْهِ زليخايہ دوپکھ يُوہے کيا گو سُو صاحب يمسندِ محبتہ چہ پامہ دِژوہ توہہِ مہ کہِ زليخايہ چھُو غلامس پتھ دِل لوگمت۔ آووہ وُنِ بوزنہ بو ما چھُس بلِ قيمت۔ خيريُس يہِ ونہِ تہ تہِ مہ چھُونہ کانسہِ هنزِ ن پامن هند پروا۔ بو چھُس نَن پاٹھِ ونان وَلَقَدْ رَاوَدْتُّهٗ عَنْ نَّفْسِهٖ پزِ پاٹھِ مہِ کُر تُس اَتہ گتھہ۔ تهند دِل پانس کُن پھرنہ خيطرہ کہِ سُو کرِہ نامياِن خواهش پوُرہ فَاسْتَعْصَمَ مگر تمِ کُر کوششِ معصُوم تہ پاک روزنِچ۔ وَلَىِٕنْ لَّمْ يَفْعَلْ مَآ اٰمُرُهٗ ونہِ تہِ چھُس بو ونان تُس هرگاہ نے سُو ميانِ

إِلَيَّ مِمَّا يَدْعُونَنِي إِلَيْهِ ۖ وَإِلَّا تَصْرِفْ عَنِّي كَيْدَهُنَّ أَصْبُ
إِلَيْهِنَّ وَأَكُن مِّنَ الْجَاهِلِينَ ﴿٣٣﴾ فَاسْتَجَابَ لَهُ رَبُّهُ فَصَرَفَ عَنْهُ
كَيْدَهُنَّ ۚ إِنَّهُ هُوَ السَّمِيعُ الْعَلِيمُ ﴿٣٤﴾ ثُمَّ بَدَا لَهُم مِّن بَعْدِ مَا رَأَوُا
الْآيَاتِ لَيَسْجُنُنَّهُ حَتَّىٰ حِينٍ ﴿٣٥﴾ وَدَخَلَ مَعَهُ السِّجْنَ فَتَيَانِ ۖ قَالَ

---

خواهش پوري ڪري لَيُسْجَنَنَّ وَلَيَكُونًا مِّنَ الصَّاغِرِينَ تلهِ ليءِ سو ضرور قيد ٿاونه. بيءِ سپڙ سو بي قدر ته بي اعتبار. يمه زنانه آتهه مجلسه منز آسه تمو ڈوپ زليخايه ڪه اسِ مانر اوون ييه. اسه ڍِکهنا امس سيتِ ڪٿهه بات ڪرنگ اجازت. تمه دوپهه اده ڪيا. ڪنيز هاے ڪرِه هو. چنانچه تمه درايه اکه اکه امس سيت امس پت فريفته سپز مڙه قَالَ رَبِّ السِّجْنُ أَحَبُّ إِلَيَّ مِمَّا يَدْعُونَنِي إِلَيْهِ حضرتِ يوسفن ييله ڈِچهه زنانن هُنديه حال ڪه ڪوپاٺِ ڪييه تمه اگادِه تمن ڪياه ٻنهِ. چنانچه تمو ڪور دُعا. مونگهه خدايس اي ميانه پروردگاره قيد خانے ڇھوم زياده پسند تمه پيچهه ڪامه خوته يتهه گن مه تمه زنانه نادِوان ڇهه وَإِلَّا تَصْرِفْ عَنِّي كَيْدَهُنَّ أَصْبُ إِلَيْهِنَّ وَأَكُن مِّنَ الْجَاهِلِينَ اي ميانه خدايه ژهنے دُور ڪرکهه ته ڦيرکهه مه نشهِ تهند مڪر و فريب خبر ڇهابو ماسپده مايل تمن زنانن گن. بيه ٻنه بوناد انوا ندره فَاسْتَجَابَ لَهُ رَبُّهُ فَصَرَفَ عَنْهُ كَيْدَهُنَّ پس ڪور الله تعالىٰ آن اجابت تهندِس منگنس تمن زنانن هُند مڪر و فريب ڦهرن تمن نشهِ إِنَّهُ هُوَ السَّمِيعُ الْعَلِيمُ پزپاٺ سو ڇهو دُعا بوزهون سيٺهاه زانن وول. ثُمَّ بَدَا لَهُم مِّن بَعْدِ مَا رَأَوُا الْآيَاتِ لَيَسْجُنُنَّهُ حَتَّىٰ حِينٍ تمه پته آو بوزنه تمن قرين مصلحت ڪينهه ڪالاه حضرتِ يوسف قيد ٿاوُن. باوجود اينڪه تمو آسِ وارياه نشانه ته علامات تهندِه براءِ تڪِ ته پاڪي هِند و تهمتِ. مگر عوامن اندر تميگ چرچه منقطع ڪرنه خيطره بيهِ دو پر شهرک اکهه بے ڪس انسان غلامي هندِس حالس اندر تمن ڪهه ڪرِه حمايت چنانچه ٿاوِک تمه بے جرم ڪينهه ڪالاه جيل خانس اندر وَدَخَلَ مَعَهُ السِّجْنَ فَتَيَانِ بيه واتِ تمن نشهِ قيد خانس منز نوجوان جوراه پادشاه سند يو خدمتگار واندره. اکهه اوس ساقي. بياکهه اوس ژوچهِ ٿهر ان. تمن دون متعلق اوس ييهِ جرم تمن پيٺهه اوس شُبه ڪه تمِ آسِ پادشهس زهر دِتهه مارُن يژهان

أَحَدُهُمَآ إِنِّيٓ أَرَىٰنِيٓ أَعۡصِرُ خَمۡرٗاۖ وَقَالَ ٱلۡأٓخَرُ إِنِّيٓ أَرَىٰنِيٓ أَحۡمِلُ فَوۡقَ
رَأۡسِي خُبۡزٗا تَأۡكُلُ ٱلطَّيۡرُ مِنۡهُۖ نَبِّئۡنَا بِتَأۡوِيلِهِۦٓۖ إِنَّا نَرَىٰكَ مِنَ
ٱلۡمُحۡسِنِينَ ﴿٣٦﴾ قَالَ لَا يَأۡتِيكُمَا طَعَامٞ تُرۡزَقَانِهِۦٓ إِلَّا نَبَّأۡتُكُمَا
بِتَأۡوِيلِهِۦ قَبۡلَ أَن يَأۡتِيَكُمَاۚ ذَٰلِكُمَا مِمَّا عَلَّمَنِي رَبِّيٓۚ إِنِّي تَرَكۡتُ
مِلَّةَ قَوۡمٖ لَّا يُؤۡمِنُونَ بِٱللَّهِ وَهُم بِٱلۡأٓخِرَةِ هُمۡ كَٰفِرُونَ ﴿٣٧﴾
وَٱتَّبَعۡتُ مِلَّةَ ءَابَآءِيٓ إِبۡرَٰهِيمَ وَإِسۡحَٰقَ وَيَعۡقُوبَۚ مَا كَانَ

---

تمِوی دوِیو زیوو ون ہِنز خواب حضرتِ یوسفس قَالَ اَحَدُهُمَآ اِنِّیٓ اَرٰىنِیٓ اَعۡصِرُ خَمۡرًا اِکھ زنِ ڈوپ مہ حض وُچھ خوابس اندر زن بُو دَچھِ رَس چیران۔ وَقَالَ الۡاٰخَرُ اِنِّیٓ اَرٰىنِیٓ اَحۡمِلُ فَوۡقَ رَاۡسِیۡ خُبۡزًا تَاۡكُلُ الطَّیۡرُ مِنۡهُ بے زِن ڈوپ مہ حض وُچھ زَن بو کلس پیٹھ ژوچہ تُلان تموی ژوچو منزہ جانوار کھیوان نَبِّئۡنَا بِتَاۡوِیۡلِهٖ اِنَّا نَرٰىكَ مِنَ الۡمُحۡسِنِیۡنَ اَسہ وَنتہ ہزامہِ خوابُک تعبیر۔ اَسہ ہز چھُو کھ ژہِ یوان بوزنہ نیکو کاروُاندرہ قَالَ لَا یَاۡتِیۡكُمَا طَعَامٌ تُرۡزَقٰنِهٖۤ اِلَّا نَبَّاۡتُكُمَا بِتَاۡوِیۡلِهٖ قَبۡلَ اَنۡ یَّاۡتِیَكُمَا حضرتِ یوسفن دوپکھ توہہ نِشہ کھین واتنہ بروٹھ کرہ بو بیان توہہ تمہِ خوابُچ تعبیر ذٰلِكُمَا مِمَّا عَلَّمَنِیۡ رَبِّیۡ خوابُک تعبیر بیان کرُن چھُو تموی علموُ اندرہ یم عُلوم بوٚنہِ پروردگارن ہیچھہِ ناوس (گوڈہ بوزِ مُیون عقیدہ کیاہ چھُو) اِنِّیۡ تَرَكۡتُ مِلَّةَ قَوۡمٍ لَّا یُؤۡمِنُوۡنَ بِاللّٰهِ وَهُمۡ بِالۡاٰخِرَةِ هُمۡ كٰفِرُوۡنَ بہ پاٹھہ مہ چھُو ترووُمُت تمن لوکن ہند دین تہ مذہب یم نہ یژھ کران چھہِ معبودِ برحقس۔ بیہ چھہِ تم آخرتس تہ اِنکار کران وَاتَّبَعۡتُ مِلَّةَ اٰبَآءِیۡۤ اِبۡرٰهِیۡمَ وَاِسۡحٰقَ وَیَعۡقُوۡبَ بو چھُس پتہ پتہ پکان متابعت تہ پیروی کران پنہ نین مالین بُڈِ بَبن ہندِس دِینس۔ تم گے حضرتِ ابراہیم علیہ السلام۔ جدِّ بزرگوار میون۔ حضرتِ اسحٰق علیہ السلام بڈِ بابہ صیب میون۔ حضرتِ یعقوب علیہ السلام بابہ صیب میون۔ یمہِ مذہبُک رُکنِ اعظم چھُو مَا كَانَ لَنَاۤ اَنۡ نُّشۡرِكَ بِاللّٰهِ مِنۡ شَیۡءٍ ہرگز پزِ نہ اَسہِ اِس کیا بناوُن خدایہ سُند شریک کانہہ

لَنَآ اَنْ نُّشْرِكَ بِاللّٰهِ مِنْ شَيْءٍ ذٰلِكَ مِنْ فَضْلِ اللّٰهِ عَلَيْنَا
وَعَلَى النَّاسِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَشْكُرُوْنَ ﴿٣٨﴾ يٰصَاحِبَيِ
السِّجْنِ ءَاَرْبَابٌ مُّتَفَرِّقُوْنَ خَيْرٌ اَمِ اللّٰهُ الْوَاحِدُ الْقَهَّارُ ﴿٣٩﴾
مَا تَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِهٖٓ اِلَّآ اَسْمَآءً سَمَّيْتُمُوْهَآ اَنْتُمْ وَ
اٰبَآؤُكُمْ مَّآ اَنْزَلَ اللّٰهُ بِهَا مِنْ سُلْطٰنٍ اِنِ الْحُكْمُ اِلَّا لِلّٰهِ
اَمَرَ اَلَّا تَعْبُدُوْٓا اِلَّآ اِيَّاهُ ذٰلِكَ الدِّيْنُ الْقَيِّمُ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ
النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿٤٠﴾ يٰصَاحِبَيِ السِّجْنِ اَمَّآ اَحَدُكُمَا

---

چيزاه ڪنهن چيز س اندر ذٰلِكَ مِنْ فَضْلِ اللّٰهِ عَلَيْنَا وَعَلَى النَّاسِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَشْكُرُوْنَ تنهن قسمڪ صحيح اعتقاد آسان ڇھو خدا جي سنز بڏ مهرباني تہ بوڏ فضل اسان پيٺھ تہ ہي سارنی لوکن پيٺھ. ليڪن واريا لوکھ ڇھنہ اتھ نعمتس قدر کران. اسان حاصل ڪرڇ ڪوشش ڪران يٰصَاحِبَيِ السِّجْنِ ءَاَرْبَابٌ مُّتَفَرِّقُوْنَ خَيْرٌ اَمِ اللّٰهُ الْوَاحِدُ الْقَهَّارُ اي ميانيو قيد خانہ ڪيو دويو رفيقو تهي ونتو ڪياه وارياه معبود آسن الگ الگ ڇھارت ڪنہ ڪنوی معبود آسن. ئيس قوتہ وول ڇھو. اميڪ جواب ڇھو ظاهر ڪہ ڪنوی معبود ڇھورت مَا تَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِهٖٓ اِلَّآ اَسْمَآءً سَمَّيْتُمُوْهَآ اَنْتُمْ وَاٰبَآؤُكُمْ تھہ ڇھوہ نہ عبادت ڪران خدا ايس ورای مگر ڪنيرن ناون هنز تمہ توهہ بيہ تهند يو ماليو بڏ بو تھاومت ڇھہ ڪنيرن پو تيلن مقرر ڪرتھ مَّآ اَنْزَلَ اللّٰهُ بِهَا مِنْ سُلْطٰنٍ الله تعالیٰ ان ڇھنہ سوزمژ تهندہ معبود آسنہ خيطرہ ڪانہہ دليلاه. نہ عقلی نہ نقلی. اِنِ الْحُكْمُ اِلَّا لِلّٰهِ ڪنہ ڪامہ هندہ حڪم دِنگ اختيار ڇھونہ ڪانسہ خدا ايس ورای اَمَرَ اَلَّا تَعْبُدُوْٓا اِلَّآ اِيَّاهُ تم ڇھو حڪم ڪورمت ای زہ ڪانسہ هنز عبادت مہ ڪرو مگر تهنزی ياژ. اتھ حڪمس پيٺھ گژھہ عمل ڪرن ذٰلِكَ الدِّيْنُ الْقَيِّمُ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ يُوہے ڇھو يعنی الله تعالیٰ ای مخصوص ڪورن توحيد و عبادت سيت راهِ راست تہ سيز وَتھ. مگر وارياه لوکھ ڇھنہ زانان. يہ ڪتھ ڇھنہ اختيار

فَيَسْقِيْ رَبَّهٗ خَمْرًا ۚ وَاَمَّا الْاٰخَرُ فَيُصْلَبُ فَتَاْكُلُ الطَّيْرُ
مِنْ رَّاْسِهٖ ؕ قُضِيَ الْاَمْرُ الَّذِيْ فِيْهِ تَسْتَفْتِيٰنِ ﴿۴۱﴾ وَقَالَ
لِلَّذِيْ ظَنَّ اَنَّهٗ نَاجٍ مِّنْهُمَا اذْكُرْنِيْ عِنْدَ رَبِّكَ ۫ فَاَنْسٰهُ
الشَّيْطٰنُ ذِكْرَ رَبِّهٖ فَلَبِثَ فِي السِّجْنِ بِضْعَ سِنِيْنَ ﴿۴۲﴾ ع
وَقَالَ الْمَلِكُ اِنِّيْۤ اَرٰى سَبْعَ بَقَرٰتٍ سِمَانٍ يَّاْكُلُهُنَّ
سَبْعٌ عِجَافٌ وَّسَبْعَ سُنْۢبُلٰتٍ خُضْرٍ وَّاُخَرَ يٰبِسٰتٍ ؕ يٰۤاَيُّهَا

---

کران يٰصَاحِبَيِ السِّجْنِ اَمَّآ اَحَدُكُمَا فَيَسْقِيْ رَبَّهٗ خَمْرًا ای میانیو قید خانہ کیو رفیقو تو ہیہ اندرہ
یُس اکھ شخص پادشہس شراب اُوس چاوان۔ سُو سپدِہ جُرمہ نِشہِ برّی۔ تو پتہ سپدِہ پننہ کامہ پیٹھ بیہ
بحال۔ تو پتہ ہیہ سُو بیہ پننہ نِس مالِکس شراب چاوُنچ کام کرنِ وَاَمَّا الْاٰخَرُ فَيُصْلَبُ فَتَاْكُلُ الطَّيْرُ مِنْ
رَّاْسِهٖ وونِ یُس بیاکھ زون چھُو یُس پادشہہ سُند باورچی تہ ژوچہِ تھرہ ڈن اوس تمس پیٹھ سپدِہ جُرم
ثابت۔ تو پتہ ییہ سُو پھٔہہ دِنہ۔ تو پتہ کھین جانور تمسندِہ کلُک کوڈ قُضِيَ الْاَمْرُ الَّذِيْ فِيْهِ تَسْتَفْتِيٰنِ
یہ فیصلہِ چھُو آمُت کرنہ خدایہ سندِہ طرفہ۔ یمیُک تُہہ پرژھان چھوہِ۔ اَتھ سپدِہ نہ اَدلہ بَدل وَقَالَ
لِلَّذِيْ ظَنَّ اَنَّهٗ نَاجٍ مِّنْهُمَا تو پتہ ووِن حضرتِ یوسُفن یمو دوِیو اندرہ تَس شخصس یُس نجات لبُن
اُوس تہندِہ گُمانہ اذْكُرْنِيْ عِنْدَ رَبِّكَ میون تذکرہ کورُتھ ژِہ پننہ نِس آغس تہ مالِکس نِشہِ یلہِ ژہ تَس
نِشہِ واتک۔ کہِ قید خانُس منز چھُو اکھ شخصاہ بے قصُور فَاَنْسٰهُ الشَّيْطٰنُ ذِكْرَ رَبِّهٖ پَس مشرووُ تس
شیطانن آغس نِشہِ حضرتِ یوسُفن حال بیان کرُن فَلَبِثَ فِي السِّجْنِ بِضْعَ سِنِيْنَ تمہِ مُوکھ رُود
حضرتِ یوسف قید خانسی اندر کینژن وَرہَن وَقَالَ الْمَلِكُ مصرک پادشہن دوپ مہِ ڈِچھ خواب۔
ساری اراکینِ سلطنت کرن جمع اِنِّيْۤ اَرٰى سَبْعَ بَقَرٰتٍ سِمَانٍ يَّاْكُلُهُنَّ سَبْعٌ عِجَافٌ مہِ وچھہِ
خوابس اندر ست(۷) گاوہ وتیجھ وتیجھِ۔ تمنی کھیوان ست(۷) گاوہ ہو چھرِ ہ تہ لاغر وَّسَبْعَ سُنْۢبُلٰتٍ خُضْرٍ
وَّاُخَرَ يٰبِسٰتٍ بیہ وچھِم ست(۷) ہیلِ غلکِ سبز تازہ بیہ ست(۷) ہیل ہو کھمت۔ تمے ولنہ یوان سر سبز ستّن

الْمَلَاُ اَفْتُوْنِیْ فِیْ رُءْیَایَ اِنْ كُنْتُمْ لِلرُّءْیَا تَعْبُرُوْنَ ۴۳
قَالُوْۤا اَضْغَاثُ اَحْلَامٍ ۚ وَ مَا نَحْنُ بِتَاْوِیْلِ الْاَحْلَامِ بِعٰلِمِیْنَ ۴۴
وَ قَالَ الَّذِیْ نَجَا مِنْهُمَا وَ ادَّكَرَ بَعْدَ اُمَّةٍ اَنَا اُنَبِّئُكُمْ بِتَاْوِیْلِهٖ
فَاَرْسِلُوْنِ ۴۵ یُوْسُفُ اَیُّهَا الصِّدِّیْقُ اَفْتِنَا فِیْ سَبْعِ بَقَرٰتٍ
سِمَانٍ یَّاْكُلُهُنَّ سَبْعٌ عِجَافٌ وَّ سَبْعِ سُنْۢبُلٰتٍ خُضْرٍ وَّ اُخَرَ
یٰبِسٰتٍ ۙ لَّعَلِّیْۤ اَرْجِعُ اِلَى النَّاسِ لَعَلَّهُمْ یَعْلَمُوْنَ ۴۶ قَالَ تَزْرَعُوْنَ

---

ہیلین تو پتہ تمہِ تہٕ ہوکھت گژھان یٰۤاَیُّهَا الْمَلَاُ اَفْتُوْنِیْ فِیْ رُءْیَایَ اِنْ كُنْتُمْ لِلرُّءْیَا تَعْبُرُوْنَ ای دربار یو بیان کٔرِو تعبیر میانہِ خوابُک چھوے تُہہ خوابَن ہُند تعبیر زانان قَالُوْۤا اَضْغَاثُ اَحْلَامٍ وَ مَا نَحْنُ بِتَاْوِیْلِ الْاَحْلَامِ بِعٰلِمِیْنَ تِموٚ دوپُس یہِ چھہِ پریشان خیالات۔ اسِ چھنہِ امہِ قسمہ کین خوابن ہُند تعبیر کینہہ زانان۔ کیازہ اَسہِ چھہ مُلکی انتظام کرنچ مہارت۔ تعبیر خواب بیان کرنچ مہارت چھنہ اَسہِ وَ قَالَ الَّذِیْ نَجَا مِنْهُمَا تو پتہ دوپ تمہِ شخصن یُس قید خانہ منزہ موکلیومُت اوس، مُقدمس منز بری سپدُمت اوس پادشہس نِشہِ بیہ وو تمت اوس تموٚ دویوٚ زِنیو اندرہ یم قید خانس اندر حضرتِ یوسفس سیتِ آسِ وَ ادَّكَرَ بَعْدَ اُمَّةٍ تَس پیہِ ژیٚنس واریاہہ کالِ حضرتِ یوسفہ سنز وصیّت یُوسہ تمو قید خانہ منزہ نیر بحہِ وقتہ کرمژ آسہس۔ تمہِ دُوپ اَنَا اُنَبِّئُكُمْ بِتَاْوِیْلِهٖ فَاَرْسِلُوْنِ بوونوہ توہہِ تعبیر مہِ دِیو تُہہ اجازت قید خانس تانِ گژھنگ۔ تموٚ دُیت ہَس اجازت تہٕ سُو آو حضرتِ یوسفس نِشہِ۔ عرض کورُن یُوْسُفُ اَیُّهَا الصِّدِّیْقُ ای حضرتِ یوسف تُہہ ہَز چھوہِ سیٹھاہ پوزتہ صحیح تعبیر کرہونِ اَفْتِنَا فِیْ سَبْعِ بَقَرٰتٍ سِمَانٍ یَّاْكُلُهُنَّ سَبْعٌ عِجَافٌ وَّ سَبْعِ سُنْۢبُلٰتٍ خُضْرٍ وَّ اُخَرَ یٰبِسٰتٍ اَسہِ کٔرِ تو بیان یمہِ خوابُک تعبیر کہِ ستن وٚتھن گاوَن چھہ ستٔ (۷) ہو چھرہ گاوہ کھیوان۔ بیہ چھہِ ست ہیل سبز تہٕ ست ہیلِ ہوکھمتِ۔ تمِ ست ہیل تہٕ چھہِ تمَنِ ستن ہیلَن ولنہ سیتِ ہوکھراوان۔ ای چھوٚ اکھ شخصاہ خوابس منز وچھان۔ تُہہ فرماوِیو امیُک تعبیر لَّعَلِّیْۤ اَرْجِعُ اِلَى النَّاسِ لَعَلَّهُمْ یَعْلَمُوْنَ یُتھ بُو واپس گژھہ ہا تِمن

سَبْعَ سِنِيْنَ دَاَبًا ۚ فَمَا حَصَدْتُّمْ فَذَرُوْهُ فِيْ سُنْۢبُلِهٖٓ اِلَّا قَلِيْلًا
مِّمَّا تَاْكُلُوْنَ ﴿٤٧﴾ ثُمَّ يَاْتِيْ مِنْۢ بَعْدِ ذٰلِكَ سَبْعٌ شِدَادٌ يَّاْكُلْنَ مَا
قَدَّمْتُمْ لَهُنَّ اِلَّا قَلِيْلًا مِّمَّا تُحْصِنُوْنَ ﴿٤٨﴾ ثُمَّ يَاْتِيْ مِنْۢ بَعْدِ ذٰلِكَ
عَامٌ فِيْهِ يُغَاثُ النَّاسُ وَفِيْهِ يَعْصِرُوْنَ ﴿٤٩﴾ وَقَالَ الْمَلِكُ ائْتُوْنِيْ
بِهٖ ۚ فَلَمَّا جَآءَهُ الرَّسُوْلُ قَالَ ارْجِعْ اِلٰى رَبِّكَ فَسْئَلْهُ مَا بَالُ
النِّسْوَةِ الّٰتِيْ قَطَّعْنَ اَيْدِيَهُنَّ ؕ اِنَّ رَبِّيْ بِكَيْدِهِنَّ عَلِيْمٌ ﴿٥٠﴾

لوکن کي تمام بوسوزمت ڇهوس. تمن بو ڪيتم آمت ڇهوس پنهه تمن اميک تعبير معلوم سپده. تمی ذريعه سپده تمن تهنز حقيقتِ کمال معلوم قَالَ تَزْرَعُوْنَ سَبْعَ سِنِيْنَ دَاَبًا حضرتِ يوسفن دوپس تُهه وَوِوودواره پاڻهِ غله ستن ور هن پو تُس پته فَمَا حَصَدْتُّمْ فَذَرُوْهُ فِيْ سُنْۢبُلِهٖٓ اِلَّا قَلِيْلًا مِّمَّا تَاْكُلُوْنَ پس يه کنيرِ هاتهه لوزوته سورُوی تهاوِو تهه هيلنی منز جمع کر ته. مگرنه کم کنيرِ هاه يُس توهه کهيس پوشه ثُمَّ يَاْتِيْ مِنْۢ بَعْدِ ذٰلِكَ سَبْعٌ شِدَادٌ تو پته مِن بيه ست (۷) وَری سيٹهاه سختی هندِ ته قحطک يَّاْكُلْنَ مَا قَدَّمْتُمْ لَهُنَّ اِلَّا قَلِيْلًا مِّمَّا تُحْصِنُوْنَ تمِ ست (۷) وَری کهين تته غلس يُس توهه جمع کرِ ته تهوومت آسوه ذخيره کرِ ته يمن سختی هندين ستن وَرِهن هندِ ه خيطره مگرنه سُو حِصہ يُس تُهه مخصوص تهاوِو بيالهِ خيطره. ستو گاووته ستوهيلوِ اندره ڇهوِ اِشاره يمنی ستن ورهن کن. ثُمَّ يَاْتِيْ مِنْۢ بَعْدِ ذٰلِكَ عَامٌ فِيْهِ يُغَاثُ النَّاسُ وَفِيْهِ يَعْصِرُوْنَ تمهِ پته ييه اکه ورياه. تته منزِ ايه لوکن پيٹھ رُود تراونه کافی. تته ورهس منز چيرن لوکه ميون هُند رس يته شراب تيار کرن. يه تعبير يلهِ بُوز پادشهن سُو گوخوش چنانچه وَقَالَ الْمَلِكُ ائْتُوْنِيْ بِهٖ پادشهن کور حکم يه تعبير بيان کره ون شخص ديون مهِ انته. بووڇهن يه کُهه صاحب ڇهوِ فَلَمَّا جَآءَهُ الرَّسُوْلُ قَالَ ارْجِعْ اِلٰى رَبِّكَ پس يلهِ تمن نشه پادشهه سُند قاصد آو پيغام هيته تمو دوپس ژه گژهه واپس پنه نس مالکس نش. فَسْئَلْهُ مَا بَالُ النِّسْوَةِ الّٰتِيْ قَطَّعْنَ اَيْدِيَهُنَّ تس پرژه گوڈه کياه تس ڇها معلوم تمن زنانن هُند حال يمو بووڇهت پنن اتهه ژڇای. اِنَّ رَبِّيْ بِكَيْدِهِنَّ عَلِيْمٌ پُز پاٹھ ميانس خدايس ڇهو تُهند مکرته

قَالَ مَا خَطْبُكُنَّ اِذْ رَاوَدْتُّنَّ يُوْسُفَ عَنْ نَّفْسِهٖ ؕ قُلْنَ حَاشَ
لِلّٰهِ مَا عَلِمْنَا عَلَيْهِ مِنْ سُوْٓءٍ ؕ قَالَتِ امْرَاَتُ الْعَزِيْزِ الْـٰٔنَ حَصْحَصَ
الْحَقُّ ؗ اَنَا رَاوَدْتُّهٗ عَنْ نَّفْسِهٖ وَاِنَّهٗ لَمِنَ الصّٰدِقِيْنَ ﴿۵۱﴾ ذٰلِكَ لِيَعْلَمَ
اَنِّيْ لَمْ اَخُنْهُ بِالْغَيْبِ وَاَنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِيْ كَيْدَ الْخَآئِنِيْنَ ﴿۵۲﴾
وَمَآ اُبَرِّئُ نَفْسِيْ ۚ اِنَّ النَّفْسَ لَاَمَّارَةٌۢ بِالسُّوْٓءِ اِلَّا

---

فريب پوره معلوم. تمن زالن اُنِ نادِ تهہ تمن پر ڙهن ميون حال. بوچهو سہ بے قصور کنہ مہ چهو کانهہ قصوراه چنانچہ قَالَ مَا خَطْبُكُنَّ اِذْ رَاوَدْتُّنَّ يُوْسُفَ عَنْ نَّفْسِهٖ پادشہن اَنہ نادِہ تمہِ سارے زنانہ نادِ تهہ. توپتہ پُر ژهنکھ کياه کيفيت چهہ تهنزِ يلہِ تُهہ تبلاوان آسِوِن حضرت يوسف پننہ پانہ خيطره کياه توہہِ وُچهوه تمہِ ساتہ حضرتِ يوسف توہہِ کن مايل سپدان قُلْنَ حَاشَ لِلّٰهِ مَا عَلِمْنَا عَلَيْهِ مِنْ سُوْٓءٍ سارِ وی زنانو ڏوپ خدا چهو منزّه تہ پاک. اَسہِ وُچهہ نہ حضرتِ يوسفس منز کانهہ خرابياه کانهہ عيباه. سُو چهو بالکل پاک قَالَتِ امْرَاَتُ الْعَزِيْزِ الْـٰٔنَ حَصْحَصَ الْحَقُّ عزيز مصره سنزه زنانہِ (زليخايہ) يُوسہ تمہِ ساتہ حاضِر آس تہِ وون. پزِ کتھ سپز وونِ سارنی پيٹھ روشن اَنَا رَاوَدْتُّهٗ عَنْ نَّفْسِهٖ واقعی بوی آسس تمن اَتہ گتھ کران پننِ خواهش تہ مطلب تمن نِشہِ پوُره کرنہ خيطره بيہ تهند دِل پانس کن پهرنہ خيطره کوشش کران وَاِنَّهٗ لَمِنَ الصّٰدِقِيْنَ تم چهہِ بے شک پوز وَنہ وينو اندره. تمو فرموو گوڈنی هی راودتنی عن نفسی تی چهو پوز. بُوی آسس کوشش کران تمِ پانس کن مائيل کرنچ. مگر بو سپزس تتهِ منز ناکام. يہِ سارى کاروائی تفتيشچ يلہِ قاصدن حضرتِ يوسفس نِشہِ بيان کر تمو ڏوپ ذٰلِكَ لِيَعْلَمَ اَنِّيْ لَمْ اَخُنْهُ بِالْغَيْبِ تفتيش کرنو مہِ اَمی مُوکھ يتھ عزيزِ مصرس واره معلوم سپدِہ کہِ مہِ آسنہ هرگز تس خيانت کرمژ تسنزِ ه عدمِ موجودگی منز تسندِس عزّتس و آبرواس پيٹھ دَست درازی کرمژ وَاَنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِيْ كَيْدَ الْخَآئِنِيْنَ بيہِ يُتھ سارى زانن کہ الله تعالیٰ چهو نہ سيزر کران خيانت کره وِنين هندِس کُنہِ تدبيرس. وَمَآ اُبَرِّئُ نَفْسِيْ اِنَّ النَّفْسَ لَاَمَّارَةٌۢ بِالسُّوْٓءِ بو چهوس نہ پنن پان بَری زانان کيازِہ پرتھ اکس

مَا رَحِمَ رَبِّیْ ؕ اِنَّ رَبِّیْ غَفُوْرٌ رَّحِیْمٌ ۝۵۳ وَقَالَ الْمَلِكُ ائْتُوْنِیْ
بِهٖۤ اَسْتَخْلِصْهُ لِنَفْسِیْ ۚ فَلَمَّا كَلَّمَهٗ قَالَ اِنَّكَ الْیَوْمَ لَدَیْنَا
مَكِیْنٌ اَمِیْنٌ ۝۵۴ قَالَ اجْعَلْنِیْ عَلٰی خَزَآئِنِ الْاَرْضِ ۚ اِنِّیْ حَفِیْظٌ
عَلِیْمٌ ۝۵۵ وَكَذٰلِكَ مَكَّنَّا لِیُوْسُفَ فِی الْاَرْضِ ۚ یَتَبَوَّاُ مِنْهَا حَیْثُ
یَشَآءُ ؕ نُصِیْبُ بِرَحْمَتِنَا مَنْ نَّشَآءُ وَلَا نُضِیْعُ اَجْرَ الْمُحْسِنِیْنَ ۝۵۶
وَلَاَجْرُ الْاٰخِرَةِ خَیْرٌ لِّلَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَكَانُوْا یَتَّقُوْنَ ۝۵۷ ع وَجَآءَ

---

چھُو نفس یِچھ کامِین ہُند امر کران اِلَّا مَارَحِمَ رَبِّیْ مگر یُس میون پروردگار رحم کرِہ اِنَّ رَبِّیْ غَفُوْرٌ رَّحِیْمٌ پزِ پاٹھ میُون پروردگار چھُو سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن، سیٹھاہ رحم کرہ وُن وَقَالَ الْمَلِكُ ائْتُوْنِیْ بِهٖۤ اَسْتَخْلِصْهُ لِنَفْسِیْ ہیہِ کور حُکم بادشہن انیُون جلد حضرتِ یوسف مےٚ نِش۔ تُہ بناوَن سُونپَن مشیر خاص فَلَمَّا كَلَّمَهٗ قَالَ اِنَّكَ الْیَوْمَ لَدَیْنَا مَكِیْنٌ اَمِیْنٌ اَدہ یلہِ حضرتِ یُوسف آو بادشہس سیتِ کرِکھ واریاہ کتھہ۔ کتھو اندرے سپُدُس معلوم تُہند فضل و کمال۔ دپُن تِمن بیشک تُہہ چھِوہ اَز اَسہِ نِشہِ سیٹھاہ قدر ہ جایہ۔ مُعزز، مُعتبر تہ امانت دار خوابہِ کہ تعبیرُک آو کتھن اندر ذِکر۔ بادشہن دوپُھ۔ ایتہِ بڑہ قحطُک انتظام کرُن چھُہ بڈ کوم یِہ کس گژھِ سپرد قَالَ اجْعَلْنِیْ عَلٰی خَزَآئِنِ الْاَرْضِ حضرتِ یوسفن فرمودُس مےٚ بناوِتہ حاکم یمہِ مُلکہ کین خزانن ہُند (یعنے مشیر مال، وزیرِ خزانہ) اِنِّیْ حَفِیْظٌ عَلِیْمٌ پزِ پاٹھِ بُہ چھُس مالس پٮ۪ٹھ حفاظت کرہ وُن۔ مالُک پورہ حساب و کتاب زانہ وُن۔ چنانچہ بجای اینکہ تِمن کیا دِیہ ہاکانہ خاص عہدہ تہ منصب، پنِ ساری اختیارات کرِن سپرد تِمنی۔ حقیقتس اندر آسِ بادشاہ تِمے۔ بادشاہ رُود پانہ برائِ نام۔ تِم سپدِ مشہور عزیزِ مصرہ کہ لقبہ سیت وَكَذٰلِكَ مَكَّنَّا لِیُوْسُفَ فِی الْاَرْضِ ییہِ دِیت اسہِ پٮ۪ٹھ قبضہ تہ اختیار حضرتِ یوسفس اَتھہ سرزمینِ مصرس اندر یَتَبَوَّاُ مِنْهَا حَیْثُ یَشَآءُ ڈیرہ اوس دوان، عیش و آرام اوس کران یتِس خوش کرِہ، ہس تمہِ زینہ اندرہ نُصِیْبُ بِرَحْمَتِنَا مَنْ نَّشَآءُ اسِ چھِہ واتناوان پنِ رحمت یُس یژھو تہ تُس۔ وَلَا نُضِیْعُ اَجْرَ الْمُحْسِنِیْنَ اسِ چھِنہ ضایع

اِخْوَةُ یُوْسُفَ فَدَخَلُوْا عَلَیْهِ فَعَرَفَهُمْ وَهُمْ لَهٗ مُنْكِرُوْنَ ﴿۵۸﴾ وَ
لَمَّا جَهَّزَهُمْ بِجَهَازِهِمْ قَالَ ائْتُوْنِیْ بِاَخٍ لَّكُمْ مِّنْ اَبِیْكُمْ ۚ اَلَا
تَرَوْنَ اَنِّیْۤ اُوْفِی الْكَیْلَ وَاَنَا خَیْرُ الْمُنْزِلِیْنَ ﴿۵۹﴾ فَاِنْ لَّمْ تَاْتُوْنِیْ
بِهٖ فَلَا كَیْلَ لَكُمْ عِنْدِیْ وَلَا تَقْرَبُوْنِ ﴿۶۰﴾ قَالُوْا سَنُرَاوِدُ عَنْهُ

---

کران نیکو کارن ہنز مزُورِ وَلَاَجْرُ الْاٰخِرَةِ خَیْرٌ لِّلَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَكَانُوْا یَتَّقُوْنَ ییہ چھہ آخرتچ مزُورِ تہ آخرِ سیٹھاہ بہتر تمن لوکن ہندِ ہ خیطرہ ییمو ایمان اون ییہ آسِ کھوژان خدایس۔ بعضی تفسیرن اندر چھُو کہ تمنی دوہن اندر گومتر تھ برو ٹھیوم عزیزِ مصر۔ زلیخا یہ ہندِ نکاح سپد حضرتِ یُوسفس سیتِ۔ الغرض حضرتِ یوسُف سپد بااختیار پادشاہ۔ تمو وَوہ نووز مینس اندر سیٹھاہ غلہّ تو پتہ تھوو کھ سُو جمع کرِ تھ محفوظ۔ قحطک ست (ے) وَرِہ یلہِ شروع سپد تمو ہیوت سُو غلہ لوکن اندر تقسیم کرُن۔ دُورِہ دُورِہ پیٹھ ہیٚتن لُوکھ غلہ حاصِل کرنہ خیطرہ یِن۔ کنعانس منزتہِ سپد قحط وَجَآءَ اِخْوَةُ یُوْسُفَ فَدَخَلُوْا عَلَیْهِ فَعَرَفَهُمْ وَهُمْ لَهٗ مُنْكِرُوْنَ تو پتہ آی حضرتِ یُوسفہ سندِ بای تہِ کنعانہ پیٹھ۔ تو پتہ ژای تہندس دربارس اندر۔ تمو پرزہ ناوِ تم۔ مگر تمو پرزہ نوونہ کینہہ۔ حضرتِ یوسُف کیازِ وارِیاہ کال اُوس منزہ گومُت۔ ییہ اوس نہ تہندِس وہم وگمانس منزکہِ تمِ کیا آسَن اَتھ تھدِس منصبس پیٹھ واتمتِ۔ تمِ کیا آسن بادشاہ بنیمتِ۔ تمو پرژھکھ تُہہ کیازِ آوہ ییتھ شہرس منز۔ دوپہک غلہّ خیطرہ۔ تمو دُوپہک غالباً آسِو تُہہ جاسُوس۔ تمو دُوپ پناہ بخدا اَسِ چھہِ کنعانکہِ اکہِ تھدہ خاندانک افراد۔ سُون بابہ صیب چھُو حضرتِ یعقوب خدایہِ سُند پیغمبر۔ تمو پرژھکھ تُہہ کتژ بایِ چھوِہ۔ تمو دُوپ اسِ آسِ باہ بای۔ اکھ بُوی چھُو لاپتہ۔ سُو اَوس زیادہ ٹُوٹھ بابہ صیبس سانس۔ تمسُند سکھ بوی روٹ بابہ صیبَن پننہ تسلّی خیطرہ پانس نِشہِ۔ باقی دہ (۱۰) بای آی اسِ توہہِ نِشہِ غلہ منگنہِ۔ تمو کور حُکم ییمِ تھاوِیُوکھ شاہی مہمان خانس اَندر۔ ییمَن کرِ وجان پاٹھ خاطر و تواضع وَلَمَّا جَهَّزَهُمْ بِجَهَازِهِمْ تو پتہ یلہِ تیار کورُن تہند سامان غلہ وغیرہ قَالَ ائْتُوْنِیْ بِاَخٍ لَّكُمْ مِّنْ اَبِیْكُمْ دُوپنکھ یلہِ تُہہ ییہِ یِیو بُو رمالِ بوی پنن ازن مہ نِشہِ بوُ چھہِ تہند وُن چھاوا قعی پوز۔ اَلَا

أَبَاهُ وَإِنَّا لَفَاعِلُونَ ﴿٦١﴾ وَقَالَ لِفِتْيَانِهِ اجْعَلُوا بِضَاعَتَهُمْ فِي
رِحَالِهِمْ لَعَلَّهُمْ يَعْرِفُونَهَا إِذَا انْقَلَبُوا إِلَىٰ أَهْلِهِمْ لَعَلَّهُمْ
يَرْجِعُونَ ﴿٦٢﴾ فَلَمَّا رَجَعُوا إِلَىٰ أَبِيهِمْ قَالُوا يَا أَبَانَا مُنِعَ مِنَّا
الْكَيْلُ فَأَرْسِلْ مَعَنَا أَخَانَا نَكْتَلْ وَإِنَّا لَهُ لَحَافِظُونَ ﴿٦٣﴾
قَالَ هَلْ آمَنُكُمْ عَلَيْهِ إِلَّا كَمَا أَمِنْتُكُمْ عَلَىٰ أَخِيهِ مِنْ قَبْلُ ط

---

تَرَوْنَ أَنِّي أُوفِي الْكَيْلَ وَأَنَا خَيْرُ الْمُنْزِلِينَ تهه ڇهوه ناؤ ڇهان ٻُو ڇهوس ضرور پور ڀينان۔ ٻيه ڇهوس بورڙ مهمان نوازي ڪران فَإِنْ لَمْ تَأْتُونِي بِهِ فَلَا كَيْلَ لَكُمْ عِنْدِي وَلَا تَقْرَبُونِ هرگاه سُو ٻُوي تهه اينون نه مه نِش۔ تلهِ ڇهو نه تهه مه نِشهِ غله نيون ڪنه ته۔ ٻيه گرڻهه نه تلهِ مهِ نِشهِ ينُوي تهند قَالُوا سَنُرَاوِدُ عَنْهُ أَبَاهُ وَإِنَّا لَفَاعِلُونَ تمهُ دُوپ اسِ گرو ضرور ڪوشش سُو ٻُوي پاڪس سيتِ انه ڇِ تته متعلق ونواسِ بابه صيبس۔ ٻيه ڇهِ اسِ ونان اسِ ڪرو ضرور ٻيه ڪوم وَقَالَ لِفِتْيَانِهِ اجْعَلُوا بِضَاعَتَهُمْ فِي رِحَالِهِمْ حضرتِ يوسفن دوپ پنه نين غلامن تمنِ تهاوِ غلڪ قيمت اهندِس ساماس منز لَعَلَّهُمْ يَعْرِفُونَهَا إِذَا انْقَلَبُوا إِلَىٰ أَهْلِهِمْ لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُونَ شايد تمِ پرزه ناوَن تته يلهِ تمِ واتن پنه نِس عيالس منز ته وڇهت ديوه ٻيه اَسهِ نِشهِ واپس مِنِ فَلَمَّا رَجَعُوا إِلَىٰ أَبِيهِمْ قَالُوا يَا أَبَانَا مُنِعَ مِنَّا الْكَيْلُ پَس يلهِ تمِ واپس واتِ پنه نِس بابه صيبس نِشهِ عرض ڪورُ ڪه اي سانهِ بابه صيبه اَسهِ حضِ دوپُهه هرگاه تهه بيا ڪه ٻُوي سيتِ اينون نه تلهِ دِمووه نه آينده توههِ ڪينهه تهِ غله فَأَرْسِلْ مَعَنَا أَخَانَا نَكْتَلْ وَإِنَّا لَهُ لَحَافِظُونَ پَس سوزِيُون هزا اَسهِ سيت ٻُوي سُون۔ يُتهِ اَسهِ سارني ٻيه غله دِن تولِتهه۔ اَسهِ پيٿهه ڪرِ واعتبار اسِ ڇهِ تَس راڇهِ ڪره ون قَالَ هَلْ آمَنُكُمْ عَلَيْهِ إِلَّا كَمَا أَمِنْتُكُمْ عَلَىٰ أَخِيهِ مِنْ قَبْلُ حضرتِ يعقوبن دوپُهه ڪياه ٻُو ڪرا اعتبار توههِ پيٿهه تسندِ ه خيطره مگر تتهوي اعتبار يُتهه مهِ ڪريوو توههِ پيٿهه امسندِس باي سندِ ه خيطره ازڪهِ برونٺهه۔ دِل ڇهوم نه ڪران ڪه ٻيه بنياميِن ڪياه دِمَن بو توههِ سيتِ۔ مگر تهه ڇهوِ ونان ڪه سُوئے سيتِ آسه تلهِ دِن نه غلے ڪينهه۔ اِتهِ ڇهه مجبوري غله حاصِل ڪرن ڇهو فرض۔ ڪيازِه حيات جسماني ڇهه موقوف تته

الْقَوْلُ فَدَمَّرْنٰهَا تَدْمِيْرًا ﴿۱۶﴾ وَكَمْ اَهْلَكْنَا مِنَ الْقُرُوْنِ مِنْۢ
بَعْدِ نُوْحٍ ؕ وَكَفٰى بِرَبِّكَ بِذُنُوْبِ عِبَادِهٖ خَبِيْرًاۢ بَصِيْرًا ﴿۱۷﴾
مَنْ كَانَ يُرِيْدُ الْعَاجِلَةَ عَجَّلْنَا لَهٗ فِيْهَا مَا نَشَآءُ لِمَنْ نُّرِيْدُ ثُمَّ جَعَلْنَا
لَهٗ جَهَنَّمَ ۚ يَصْلٰىهَا مَذْمُوْمًا مَّدْحُوْرًا ﴿۱۸﴾ وَمَنْ اَرَادَ الْاٰخِرَةَ وَسَعٰى لَهَا
سَعْيَهَا وَهُوَ مُؤْمِنٌ فَاُولٰٓئِكَ كَانَ سَعْيُهُمْ مَّشْكُوْرًا ﴿۱۹﴾ كُلًّا نُّمِدُّ هٰٓؤُلَآءِ

---

آسان۔ حُکم چھِہ کران اسِ پیغمبرن ہندِہ ذریعہ تمہِ شہرہ کین مالدارن تہٕ زٕٹھین ایمانک تہٕ فرمانبرداری ہُند فَفَسَقُوْا فِيْهَا فَحَقَّ عَلَيْهَا الْقَوْلُ فَدَمَّرْنٰهَا تَدْمِيْرًا تم زِٹھیلہِ عدولی حُکمی تہٕ نافرمانی چھِہ کرن سانین احکامَن ہنز، بیہ چھِہ فتنہ وفساد تُلان تتھ شہرس اندر اَتی چھہ تمن پیٹھ حجت پورہ سپدان تم چھِہ عذابکس حُکمس سزاوار بنان۔ اَدہ چھک اَسہ تمہِ نافرمان گالان تہندس شہرس تاراج کران وَكَمْ اَهْلَكْنَا مِنَ الْقُرُوْنِ مِنْۢ بَعْدِ نُوْحٍ بیہ کرہ اَسہِ حضرتِ نوحس پتہ کاژاہ امژ ہلاک تہنزہِ نافرمانی سبب قومِ عاد و قوم ثمود وغیرہ وَكَفٰى بِرَبِّكَ بِذُنُوْبِ عِبَادِهٖ خَبِيْرًاۢ بَصِيْرًا کافی چھو تہند پروردگار پنہ نین بندن ہندِ گُناہ پُور زانان تہٕ پورو چھان تہٕ تمی چھُو یَس یتھ سزا شوبہِ تَس چھُو تتھی سزا دوان مَنْ كَانَ يُرِيْدُ الْعَاجِلَةَ عَجَّلْنَا لَهٗ فِيْهَا مَا نَشَآءُ لِمَنْ نُّرِيْدُ یُس اکھاہ پنہ نین نیک عملن ہنز مزورِ، فقط دُنیاءک نفع ژھانڈہ، جلد دِمَو اَسِ تَس تمہِ اَندرہ ایژہن اَسہِ خوش کرہِ تہٕ یَس اَسہ خوش گرہ دُنیاءس اندر ثُمَّ جَعَلْنَا لَهٗ جَهَنَّمَ تو پتہ چھِہ اَسِ تیار کران تہندِہ خیطرہ جہنم يَصْلٰىهَا مَذْمُوْمًا مَّدْحُوْرًا یتھ جہنمس منز واتناونہ ایہِ سُو بذلت وخواری۔ دکہ دی دی۔ وَمَنْ اَرَادَ الْاٰخِرَةَ وَسَعٰى لَهَا سَعْيَهَا وَهُوَ مُؤْمِنٌ

فَاُولٰٓئِكَ كَانَ سَعْيُهُمْ مَّشْكُوْرًا بیہ تم پنہ نین نیک عملن ہنز مزور ژھانڈ آخر تک ثواب حاصِل کرنہ خیطرہ سوکوشش یُوسہ شوبہِ۔ یعنی سو عمل آسہِ شریعتہ کین قواعدَن مطابق بیہ آسِ سُو شخص با ایمان، مُشرک آسہِ نہ۔ تمی قسمکِ لوکھ یم چھِہ تہند سعی تہٕ کوششِ چھہ قابلِ تعریف یوسہ رٔتھہِ گھسہِ۔ اللہ تعالیٰ قبول گرہِ، سوی عمل یتھ ترہِ شرط آسَن اکھ آسہِ نیت رٔژ۔ دویم آسہِ مُطابق قواعدِ شرع۔ تریم

وَهٰۤؤُلَاۤءِ مِنْ عَطَاۤءِ رَبِّكَ ۗ وَمَا كَانَ عَطَاۤءُ رَبِّكَ مَحْظُوْرًا ﴿٢٠﴾ اُنْظُرْ كَيْفَ
فَضَّلْنَا بَعْضَهُمْ عَلٰى بَعْضٍ ۗ وَلَلْاٰخِرَةُ اَكْبَرُ دَرَجٰتٍ وَّاَكْبَرُ تَفْضِيْلًا ﴿٢١﴾
لَا تَجْعَلْ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ فَتَقْعُدَ مَذْمُوْمًا مَّخْذُوْلًا ﴿٢٢﴾ وَقَضٰى رَبُّكَ
اَلَّا تَعْبُدُوْۤا اِلَّاۤ اِيَّاهُ وَبِالْوَالِدَيْنِ اِحْسَانًا ۗ اِمَّا يَبْلُغَنَّ عِنْدَكَ الْكِبَرَ
اَحَدُهُمَاۤ اَوْ كِلٰهُمَا فَلَا تَقُلْ لَّهُمَاۤ اُفٍّ وَّلَا تَنْهَرْهُمَا وَقُلْ لَّهُمَا قَوْلًا
كَرِيْمًا ﴿٢٣﴾ وَاخْفِضْ لَهُمَا جَنَاحَ الذُّلِّ مِنَ الرَّحْمَةِ وَقُلْ رَّبِّ ارْحَمْهُمَا

---

آسہ اعتقادِ صحیح كُلًّا نُّمِدُّ هٰۤؤُلَاۤءِ وَهٰۤؤُلَاۤءِ مِنْ عَطَاۤءِ رَبِّكَ پریتھ اَکس تِمو دِیُو اَندرہ یعنی دُنیا ژھانڈہ وِنس تہ آخرت ژھانڈہ وِنس کرو آسِ امداد پننہِ مہربانی سیتِ وَمَا كَانَ عَطَاۤءُ رَبِّكَ مَحْظُوْرًا چھنہ تہندِس پروردگارہ سنز مہربانی دنیاءِس اندر کانسہِ ہندِہ خیطرہ بند آمژ کرنہ تہ پتھ آمژ رٹنہ اُنْظُرْ كَيْفَ فَضَّلْنَا بَعْضَهُمْ عَلٰى بَعْضٍ ای پیغمبر برحق وچھوِ تہہ اَسہِ کتھہ پاٹھِ چھہ زیادتی عطا کرمژ اڈین لُوکن اڈین پیٹھ۔ حتّٰی کہ اکثر کافر چھِہ اکثر باایمانن ہندِہ خوتہ مالدار وَلَلْاٰخِرَةُ اَكْبَرُ دَرَجٰتٍ وَّاَكْبَرُ تَفْضِيْلًا پرپاٹِ آخرت چھُو سیٹھاہ بوڈ درجاتن ہندِہ اِعتبارہ۔ بیہِ چھُو سیٹھاہ بوڈ فضیلتکہِ اعتبارہ۔ تمیک گژھہِ اہتمام کرُن۔ یتھ تمِ شرط چھِہ تمِ گژھن پورہِ کرنِ لَا تَجْعَلْ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ فَتَقْعُدَ مَذْمُوْمًا مَّخْذُوْلًا ای مخاطب مہ ٹھہراوُن خدالیس معبود برحقس سیتِ بیاکھ کانہہ معبوداہ۔ ورنہ روزکھ ژہ مذمت کرنہ آمُت بیکس وبےبس وَقَضٰى رَبُّكَ اَلَّا تَعْبُدُوْۤا اِلَّاۤ اِيَّاهُ بیہِ چھُو حُکم کورمُت چانِ پروردگارن کہ ای لوکو عبادت مہ کرو معبود برحقس وراے کانسہِ ہنز وَبِالْوَالِدَيْنِ اِحْسَانًا بیہِ کرِو تہہ پننہ مِس مالِس ماجہ نسبت احسان، رُت سلوک۔ اِمَّا يَبْلُغَنَّ عِنْدَكَ الْكِبَرَ اَحَدُهُمَاۤ اَوْ كِلٰهُمَا فَلَا تَقُلْ لَّهُمَاۤ اُفٍّ وَّلَا تَنْهَرْهُمَا ہرگاہ واتن چانِس وقتس اندر بجرس تمو اَندرہ اکھ یا دوشوے پِس مہ آس تمن کُنہِ کتھہ پیٹھ تنگ یتھِ اُف وَنان۔ بیہِ مہ آس تمن زورہ کتھہ یا خشم کرن وَقُلْ لَّهُمَا قَوْلًا كَرِيْمًا تمن سیتِ آس کتھہ کران رتہِ طریقہ نرمی سان وَاخْفِضْ لَهُمَا جَنَاحَ الذُّلِّ مِنَ الرَّحْمَةِ بیہِ کرپست تہندِہ خیطرہ انکساری ہندِ پَر، نیاز مندی سیتِ، یتھ پاٹھِ جانورہ سُند بچہ چھُو آنپہ رٹنکہِ

كَمَا رَبَّيٰنِيْ صَغِيْرًا ﴿۲۴﴾ رَبُّكُمْ اَعْلَمُ بِمَا فِيْ نُفُوْسِكُمْ ۭ اِنْ تَكُوْنُوْا صٰلِحِيْنَ
فَاِنَّهٗ كَانَ لِلْاَوَّابِيْنَ غَفُوْرًا ﴿۲۵﴾ وَاٰتِ ذَا الْقُرْبٰى حَقَّهٗ وَالْمِسْكِيْنَ
وَابْنَ السَّبِيْلِ وَلَا تُبَذِّرْ تَبْذِيْرًا ﴿۲۶﴾ اِنَّ الْمُبَذِّرِيْنَ كَانُوْٓا اِخْوَانَ
الشَّيٰطِيْنِ ۭ وَكَانَ الشَّيْطٰنُ لِرَبِّهٖ كَفُوْرًا ﴿۲۷﴾ وَاِمَّا تُعْرِضَنَّ عَنْهُمُ ابْتِغَاۗءَ
رَحْمَةٍ مِّنْ رَّبِّكَ تَرْجُوْهَا فَقُلْ لَّهُمْ قَوْلًا مَّيْسُوْرًا ﴿۲۸﴾ وَلَا تَجْعَلْ يَدَكَ

---

وقتہ مالِس ماجہ برونٹھ کُنہِ پُر مُشراوِت روزان وَقُلْ رَّبِّ ارْحَمْهُمَا كَمَا رَبَّيٰنِيْ صَغِيْرًا بیہِ آس تہندِ ہ حقہ دُعا کران۔ ای میانہِ حقیقی پروردگارہ رحم کریمن دوشونِ پیٹھ یتھ پاٹھۍ یمو دوشوے مہِ پیٹھ رحم کھیت میانِ ظاہری پرورش کران آس یلہِ بو لوکٹ اوسس رَبُّكُمْ اَعْلَمُ بِمَا فِيْ نُفُوْسِكُمْ ۭ اِنْ تَكُوْنُوْا صٰلِحِيْنَ تُہند پروردگار چھُو زیادہ زانہٕ ون تمن کتھن یمہِ تہندین دِلن منز چھہ۔ ہرگاہ تُہہ حقیقس اندر دِلہ کِن سعادت مند آسوِ۔ یعنی دِلس منز مالِس ماجہ ہنز شفقت تہٕ محبت آسِتھے بعضی کُنہِ وقتہ تہندِ ہ طرفہ تمن نسبت تیزی لبنہ یوان آسہِ توپتہ آسو تُہہ تمہِ نشہِ توبہ کرتھ تمہِ پانس نشہِ راضی کران فَاِنَّهٗ كَانَ لِلْاَوَّابِيْنَ غَفُوْرًا پزٕپاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُو توبہ کرن والین مغفرت کرہ ون وَاٰتِ ذَا الْقُرْبٰى حَقَّهٗ وَالْمِسْكِيْنَ وَابْنَ السَّبِيْلِ وَلَا تُبَذِّرْ تَبْذِيْرًا آشناون آس دوان تہند حق بیہِ مسکینس محتاجس تہٕ مسافرس بیہِ مہ آس کران مال خرچ کرنس اندر اسراف تہٕ فضول خرچی۔ سُو خدایہِ سُند دیتمت مال خرچ کرُن تہنزن نافرمانین اندر، یا مباح چیزن اندر تیوت زیادہ خرچ کرُن یمہِ سیت برونٹھ ہیکہِ نہ شخص ضروری حقوق ادا کرِتھ اِنَّ الْمُبَذِّرِيْنَ كَانُوْٓا اِخْوَانَ الشَّيٰطِيْنِ پزٕپاٹھۍ اسراف تہٕ فضول خرچی کرہ ونِ چھہِ شیطانن ہندِ بای وَكَانَ الشَّيْطٰنُ لِرَبِّهٖ كَفُوْرًا شیطان چھُو گوڈٕ پیٹھے پننہ نِس پروردگارس ناشکری کرہ ون تمس شیطانس دژ ایہِ اللہ تعالیٰ اَن دولتِ عقل، تمِ کر سو ضائع اللہ تعالیٰ سنزہ نافرمانی اندر۔ مُبذرین کرِنٕ عطادولتِ مال تمِ تہٕ چھہِ سو ضائع کران تہنزن نافرمانین اندر وَاِمَّا تُعْرِضَنَّ عَنْهُمُ ابْتِغَاۗءَ رَحْمَةٍ مِّنْ رَّبِّكَ تَرْجُوْهَا فَقُلْ لَّهُمْ قَوْلًا مَّيْسُوْرًا بیہِ ہرگاہ کُنہِ وقتہ مجبوری ژٕہ یمن مسکین غریبن تہٕ محتاجن جوابٕ آسہِ کرن بیہِ ژٕہ آسکھ پننہ نِس رب سنز رحمت ژھانڈان تِل کرہِز ژٕہ امن سیت نرم کلام۔

مَغْلُوْلَةً اِلٰى عُنُقِكَ وَلَا تَبْسُطْهَا كُلَّ الْبَسْطِ فَتَقْعُدَ مَلُوْمًا مَّحْسُوْرًا ﴿٢٩﴾
اِنَّ رَبَّكَ يَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ يَّشَآءُ وَيَقْدِرُ ؕ اِنَّهٗ كَانَ بِعِبَادِهٖ
خَبِيْرًا بَصِيْرًا ﴿٣٠﴾ وَلَا تَقْتُلُوْٓا اَوْلَادَكُمْ خَشْيَةَ اِمْلَاقٍ ؕ نَحْنُ نَرْزُقُهُمْ
وَاِيَّاكُمْ ؕ اِنَّ قَتْلَهُمْ كَانَ خِطْاً كَبِيْرًا ﴿٣١﴾ وَلَا تَقْرَبُوا الزِّنٰٓى اِنَّهٗ كَانَ
فَاحِشَةً ؕ وَسَآءَ سَبِيْلًا ﴿٣٢﴾ وَلَا تَقْتُلُوا النَّفْسَ الَّتِيْ حَرَّمَ اللّٰهُ اِلَّا
بِالْحَقِّ ؕ وَمَنْ قُتِلَ مَظْلُوْمًا فَقَدْ جَعَلْنَا لِوَلِيِّهٖ سُلْطٰنًا فَلَا يُسْرِفْ

---

يتو ته ڪلام گڙهه ڪرڻ سمهه سيتِ نه ٿينهز دِل آزاري سپده وَلَا تَجْعَلْ يَدَكَ مَغْلُوْلَةً اِلٰى عُنُقِكَ وَلَا تَبْسُطْهَا كُلَّ الْبَسْطِ فَتَقْعُدَ مَلُوْمًا مَّحْسُوْرًا ۽ مَه آس ٿاوان اٿه زه ڦِنِ گردنه منز بند يعني ڪانسهِ ڊهگ نه ڪينهه ـ نه مه آس اٿه بالڪل يله تراوان يعني پانس سخت ضرورت آسته ييِن دِوان يس روزڪه ژه ملامت ڪرنه آمت هيوڪسي جايه بنديانوئے بدن ٿاوت اِنَّ رَبَّكَ يَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ يَّشَآءُ وَيَقْدِرُ پزپاٽِ چون پروردگار ڇهو رزقس اندر وسعت ڪران يمس يژهان ڇهو ۽ ڇهو سوٗي رزقس اندر تنگي ڪران يس يژهان ڇهو اِنَّهٗ كَانَ بِعِبَادِهٖ خَبِيْرًا بَصِيْرًا پزپاٽِ سو ڇهو پنه نين بندن هندحال پوره زانه ڊن تهندين حالاتن پور وڇهِ ڊن وَلَا تَقْتُلُوْٓا اَوْلَادَكُمْ خَشْيَةَ اِمْلَاقٍ ۽ مَه آسيوڪه ماران ڦنِ اولاد ناداري هندِه خوفه نَحْنُ نَرْزُقُهُمْ وَاِيَّاكُمْ اسِ دِمو تمن رزق ۽ توهه تِه اِنَّ قَتْلَهُمْ كَانَ خِطْاً كَبِيْرًا پزپاٽِ تمِ مارنِ ڇهو بوڊ گناه ـ وَلَا تَقْرَبُوا الزِّنٰٓى اِنَّهٗ كَانَ فَاحِشَةً وَسَآءَ سَبِيْلًا ۽ مَه ايو نکه تِه يِڇه ڪامهِ زِناءس ـ بيشڪ ۽ يڇه ڪوم ڇه بڊ بے حيائي ۽ ڇهه خراب وَتهـ امهِ سيتِ ڇهو عداوت نوان ۽ فتنه وفساد قايم سپدان ـ ۽ ڇهو نسب ضائع سپدان وَلَا تَقْتُلُوا النَّفْسَ الَّتِيْ حَرَّمَ اللّٰهُ ۽ مَه آسيون ماران سو شخص يمسند مارُن الله تعالٰى ان حرام ڪورسو گو باايمان اِلَّا بِالْحَقِّ مگر مارنه ۽ گنهِ جُرمس منز حڪمِ شرع وَمَنْ قُتِلَ مَظْلُوْمًا فَقَدْ جَعَلْنَا لِوَلِيِّهٖ سُلْطٰنًا فَلَا يُسْرِفْ فِّي الْقَتْلِ ۽ يُس شخصاه ناحق مارنه ايِه بيشڪ اسهِ ديُت تهندِس وليس اختيار، قصاص هيُنڪ سو ولي حقيقي آستن يا حڪمي حڪمي ولي گو پادشاه ـ مگر تمن ولين هنز گڙهه نه بدله هينس منز زيادتي

فِّی الْقَتْلِؕ اِنَّهٗ كَانَ مَنْصُوْرًا ﴿۳۳﴾ وَلَا تَقْرَبُوْا مَالَ الْیَتِیْمِ اِلَّا بِالَّتِیْ
هِیَ اَحْسَنُ حَتّٰى یَبْلُغَ اَشُدَّه۪ٗ وَاَوْفُوْا بِالْعَهْدِۚ اِنَّ الْعَهْدَ كَانَ
مَسْـُٔوْلًا ﴿۳۴﴾ وَاَوْفُوا الْكَیْلَ اِذَا كِلْتُمْ وَزِنُوْا بِالْقِسْطَاسِ الْمُسْتَقِیْمِؕ
ذٰلِكَ خَیْرٌ وَّاَحْسَنُ تَاْوِیْلًا ﴿۳۵﴾ وَلَا تَقْفُ مَا لَیْسَ لَكَ بِهٖ عِلْمٌؕ اِنَّ
السَّمْعَ وَالْبَصَرَ وَالْفُؤَادَ كُلُّ اُولٰٓىٕكَ كَانَ عَنْهُ مَسْـُٔوْلًا ﴿۳۶﴾ وَلَا
تَمْشِ فِی الْاَرْضِ مَرَحًاۚ اِنَّكَ لَنْ تَخْرِقَ الْاَرْضَ وَلَنْ تَبْلُغَ الْجِبَالَ

---

كرنِ۔ مجرِ مس مبدل غیرِ مجرم یا کس بدل واریاه مارنِ اِنَّهٗ كَانَ مَنْصُوْرًا بیشک سُو چھُو مدد کرنہ آمُت۔ تس سیتِ پتھہ لوکن ہنز ہمدردی وَلَا تَقْرَبُوْا مَالَ الْیَتِیْمِ اِلَّا بِالَّتِیْ هِیَ اَحْسَنُ حَتّٰى یَبْلُغَ اَشُدَّهٗ بیہ مہ پکِو نکھ یتیمہ سندِس مالس مگر تمہِ طریقہ یُس رُت آسہِ شرعاتہِ عرفاتہِ یعنی یمہِ سیتِ اصل موجود رُوزِت تمکہِ تفعہ پیٹھے یتیمہ سندِ اخراجات پورہ سپدن۔ یوتانِ سُو یتیم پنہ نِس طاقتس واتہِ یعنی بالغ تہ سمجھدار سپدِہ وَاَوْفُوْا بِالْعَهْدِ بیہِ کرو وفا تتھ عہدس یُس توہہِ خدایس سیتِ کورمُت چھُوہ۔ بیہِ تمن عہدن تیمِ تِہہ پانوانِ کران چھوِہ اِنَّ الْعَهْدَ كَانَ مَسْـُٔوْلًا بیشک پرتھ کُنہِ عہدُک ایِی پرُژھنہ قیامتُک دوہ وَاَوْفُوا الْكَیْلَ اِذَا كِلْتُمْ وَزِنُوْا بِالْقِسْطَاسِ الْمُسْتَقِیْمِ بیہِ یلہِ مینہ و نین چیزن تِہہ مینان آسوِ تلہِ آسوِ پور میِنان۔ بیہِ آسوِ تولہ ونِ چیز پختہ تکرِہ تہ پورہ پرمانہ سیتِ تولان ذٰلِكَ خَیْرٌ وَّاَحْسَنُ تَاْوِیْلًا بیہِ چھُو درذاتِ خودتہِ سیٹھاہ رُت بیہِ چھُو امیک انجام تہِ سیٹھاہ بہتر تہ سیٹھاہ رُت امہِ ستِ چھُو اعتبار بڑان وَلَا تَقْفُ مَا لَیْسَ لَكَ بِهٖ عِلْمٌ بیہِ مہ آس پتہ لگان تتھ چیزس یاتھ کتھ تیچ نہ ژِہ خبری پچھے۔ بے تحقیق مہ آس کُنہِ چیزس پیٹھ عملدرآمد کران۔ یوتانِ نہ کانہہ چیز تحقیقہ سان زانان آسکھ توتانِ مہ وَن زونُم۔ یوتانِ نہ وارہ وچھان آسکھ توتانِ مہ آس ونان وچھُم یوتانِ نہ وارہ بوزان آسکھ توتانِ مہ آس ونان بوزُم ہُرو مُرو مہ آس اپز گواہی تہ شہادت دوان کیازِہ اِنَّ السَّمْعَ وَالْبَصَرَ وَالْفُؤَادَ كُلُّ اُولٰٓىٕكَ كَانَ عَنْهُ مَسْـُٔوْلًا پرُپاٹھ کن تہ اچھہ تہ دِل یمن سارنی نشہِ ایہِ پرُژھہ گار کرنہ قیامتُک دوہ وَلَا تَمْشِ فِی الْاَرْضِ

طُوْلًا ﴿۳۷﴾ كُلُّ ذٰلِكَ كَانَ سَيِّئُهٗ عِنْدَ رَبِّكَ مَكْرُوْهًا ﴿۳۸﴾ ذٰلِكَ مِمَّآ
اَوْحٰٓى اِلَيْكَ رَبُّكَ مِنَ الْحِكْمَةِ ؕ وَلَا تَجْعَلْ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ
فَتُلْقٰى فِیْ جَهَنَّمَ مَلُوْمًا مَّدْحُوْرًا ﴿۳۹﴾ اَفَاَصْفٰىكُمْ رَبُّكُمْ بِالْبَنِيْنَ وَ
اتَّخَذَ مِنَ الْمَلٰٓئِكَةِ اِنَاثًا ؕ اِنَّكُمْ لَتَقُوْلُوْنَ قَوْلًا عَظِيْمًا ﴿۴۰﴾ ع
وَلَقَدْ صَرَّفْنَا فِیْ هٰذَا الْقُرْاٰنِ لِيَذَّكَّرُوْا ؕ وَمَا يَزِيْدُهُمْ اِلَّا نُفُوْرًا ﴿۴۱﴾ قُلْ

---

مَرَحًا ۔ ہیءَ مہ پچھ زمینس پیٹھ کانِ تکراوِتھ تکبرہ سان زور زورہ لتہ دِوان اِنَّكَ لَنْ تَخْرِقَ الْاَرْضَ وَلَنْ تَبْلُغَ الْجِبَالَ طُوْلًا پڑپاٹِ ڙہ ہیککھنہ گود کرتھ پنہ نیولتو سیت اتھ زمینس بیہ ہیککھنہ پان زِٹھراوِتھ پچنہ سیت کوہن تانِ تھزرہ گن واتتھ كُلُّ ذٰلِكَ كَانَ سَيِّئُهٗ عِنْدَ رَبِّكَ مَكْرُوْهًا ییمہ سارے یچھ کامہِ یمن ہنز ذِکرِ کرنہ آیہِ ییمہ پچھہ چانس پروردگارس ناپسند ذٰلِكَ مِمَّآ اَوْحٰٓى اِلَيْكَ رَبُّكَ مِنَ الْحِكْمَةِ اى محمد ییمہ کتھہ ییمہ بین آیہِ کرنہ ییمہ پچھ تمو حکمتہ چو کتھو اندرہ ییمہ تہندِ پروردگارن وحیہ پاٹھ توہہ گن سوزہ وَلَا تَجْعَلْ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ فَتُلْقٰى فِیْ جَهَنَّمَ مَلُوْمًا مَّدْحُوْرًا اى مخاطِب بیءَ مہ ٹھہراون خدایسی معبودِ برحقس سیتِ کانہہ معبوداہ۔ ہرگاہ ڙہ معبود برحقس سیتِ بیاکھ معبود تجویز کرکھ تلہِ یکھ ڙہ تراونہ جہنمس اندر مُجرم تہ ملزم ہنت دکہ دِنہ آمت۔ وون یلہِ ڙہ بوزک کہ شرک کوتاہ یچھ پھوتہ بُوزِت تہِ رود کھنہ ڙہ تمو کتھو نشہِ پتھ ییمہ توحیدس برخلاف آسن۔ یتھہ پاٹھ بعض جاہل پچھ اللہ تعالیٰ اس کورہ ٹھہراوان۔ دپان پچھہ ملائک پچھ (نعوذ باللہ) خدایہ سنزہ کورِہ اللہ تعالیٰ پچھو فرماوان اَفَاَصْفٰىكُمْ رَبُّكُمْ بِالْبَنِيْنَ وَاتَّخَذَ مِنَ الْمَلٰٓئِكَةِ اِنَاثًا کیاہ تہند پروردگارن کروہ توہِ پچو یو سیت خاص پانس رچن کورہ ملائکو اندرہ کورے کورہ اِنَّكُمْ لَتَقُوْلُوْنَ قَوْلًا عَظِيْمًا بیشک تہہ پچھوہ ونان سیٹھاہ سخت کتھاہ وَلَقَدْ صَرَّفْنَا فِیْ هٰذَا الْقُرْاٰنِ لِيَذَّكَّرُوْا وَمَا يَزِيْدُهُمْ اِلَّا نُفُوْرًا بیہ پچھو افسوس ییمہ کتھِ ہُند کہ بیشک اسہِ کرہ یتھ قرآن مجیدس منز پھیر پھیر بیان اثبات توحید ابطالِ شرکک مضامین یتھ لوکن وارہ فکرہ ترِہ لیکن باوجود آل پچھہ تمن توحیدِ چ نفرت ہُران یوت زیادہ بوزان پچھہ تیوت پچھہ گرنہ یوان تہ یڑہِ کتھہ نشہِ دُور ڙلان

لَوْ كَانَ مَعَهٗۤ اٰلِهَةٌ كَمَا يَقُوْلُوْنَ اِذًا لَّابْتَغَوْا اِلٰى ذِى الْعَرْشِ سَبِيْلًا ﴿۴۲﴾
سُبْحٰنَهٗ وَتَعٰلٰى عَمَّا يَقُوْلُوْنَ عُلُوًّا كَبِيْرًا ﴿۴۳﴾ تُسَبِّحُ لَهُ السَّمٰوٰتُ السَّبْعُ
وَالْاَرْضُ وَمَنْ فِيْهِنَّ ؕ وَاِنْ مِّنْ شَيْءٍ اِلَّا يُسَبِّحُ بِحَمْدِهٖ وَلٰكِنْ لَّا
تَفْقَهُوْنَ تَسْبِيْحَهُمْ ؕ اِنَّهٗ كَانَ حَلِيْمًا غَفُوْرًا ﴿۴۴﴾ وَاِذَا قَرَاْتَ الْقُرْاٰنَ
جَعَلْنَا بَيْنَكَ وَبَيْنَ الَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ حِجَابًا مَّسْتُوْرًا ﴿۴۵﴾

قُلْ تہہ فرماوُ کھ یارسُول اللہ شرکہ ِکس باطِل آسنس متعلق لَوْ كَانَ مَعَهٗۤ اٰلِهَةٌ كَمَا يَقُوْلُوْنَ اِذًا لَّابْتَغَوْا اِلٰى ذِى الْعَرْشِ سَبِيْلًا ہرگہ معبُود برحقس سیتِ آسہن معبودانِ باطِل تہ ِتتھِ پاٹھِ مُشرکو نان چھہِ تلہِ آسہا تمَوِ مخالفانہ طریقس پیٹھ عرشہِ والِس خدائس نشہِ واتنچ کانہہ وتھاہ کڈمژ تس سیتِ مقابلہ کرنہ خیطرہ۔ تس نشہِ عرشِ مجید تختِ شاہی اَتھ ہیہ خیطرہ۔ ِیتھ پاٹھ دُنیاءک پادشاہ چھہِ اکھ اکس نشہِ تحت وتاج نِنچ کوشش کران۔ تتھ صورتس اندر آسہا نظامِ عام تباہ وبرباد سپدمُت۔ حالانکہِ تہہ چھوہ وچھان زِ نظامِ عالم چھُو بدستور قائم الآن کماکان۔ پس سپُد معلوم کہ سببِ فساد یعنی وار ِیہن معبوُدن ہُند آسُن چھُو بالکل غلط تہ باطِل۔ پس سپُد ثابت کہِ سُبْحٰنَهٗ وَتَعٰلٰى عَمَّا يَقُوْلُوْنَ عُلُوًّا كَبِيْرًا ِیم لُوکھ ِیمہ کتھہ و نان چھہِ تمَوِ ساروِی کتھو نشہِ چھُو اللہ تعالیٰ مُنزہ تہ پاک ہیہ سیٹھاہ تھود تہ بُلند ِیتھ بُلندی تہ تھزر س نہ نہاتھے کُنہِ چھُو تُسَبِّحُ لَهُ السَّمٰوٰتُ السَّبْعُ وَالْاَرْضُ وَمَنْ فِيْهِنَّ تس معبودِ برحقس چھہِ بپاکی یاد کران ست آسمان تہ زمین ہیہ تمِ مخلوقات ِیم تمن منز چھہِ وَاِنْ مِّنْ شَيْءٍ اِلَّا يُسَبِّحُ بِحَمْدِهٖ ہیہ چھُنہ کانہہ چیز ِیُسنہ تمسنز پاکی بیان کران تہ تھزتعریف کران چھُو وَلٰكِنْ لَّا تَفْقَهُوْنَ تَسْبِيْحَهُمْ مگر اے کافرو تُوہہِ چھُوہ نہ بوزُن تگان تہند تسبیح پرن اِنَّهٗ كَانَ حَلِيْمًا غَفُوْرًا بیشک سو معبُود برحق چھُو سیٹھاہ حلیم تہ سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن تمن ِیم شرک وکفرہ نشہِ توبہ کرِت تمہِ نشہِ پتھ روزن۔ حلیم آسنہ موکھ چھُو نہ اللہ تعالیٰ یمن مشرکن جلد گرفتارِ عذاب کران وَاِذَا قَرَاْتَ الْقُرْاٰنَ جَعَلْنَا بَيْنَكَ وَبَيْنَ الَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ حِجَابًا مَّسْتُوْرًا ہیہ ِیمہ وقتہ تبلیغہِ کس سلسلس اندر قرآن میدپران چھوہ یارسُول اللہ اَسِ چھہِ تمہِ وقتہ تُوہہِ منز تہ تمن لوکن

وَّجَعَلْنَا عَلٰى قُلُوْبِهِمْ اَكِنَّةً اَنْ يَّفْقَهُوْهُ وَفِيْٓ اٰذَانِهِمْ وَقْرًا ۭ وَاِذَا
ذَكَرْتَ رَبَّكَ فِي الْقُرْاٰنِ وَحْدَهٗ وَلَّوْا عَلٰٓي اَدْبَارِهِمْ نُفُوْرًا ۝۴۶ نَحْنُ
اَعْلَمُ بِمَا يَسْتَمِعُوْنَ بِهٖٓ اِذْ يَسْتَمِعُوْنَ اِلَيْكَ وَاِذْ هُمْ نَجْوٰٓى اِذْ
يَقُوْلُ الظّٰلِمُوْنَ اِنْ تَتَّبِعُوْنَ اِلَّا رَجُلًا مَّسْحُوْرًا ۝۴۷ اُنْظُرْ كَيْفَ ضَرَبُوْا
لَكَ الْاَمْثَالَ فَضَلُّوْا فَلَا يَسْتَطِيْعُوْنَ سَبِيْلًا ۝۴۸ وَقَالُوْٓا ءَاِذَا كُنَّا

---

منز تمن نہ آخرچ پڑھ چھہِ ٹھور تہ پردہ تراوان پوشیدہ سۄ پردہ گویوی کہ وَّجَعَلْنَا عَلٰى قُلُوْبِهِمْ اَكِنَّةً اَنْ يَّفْقَهُوْهُ وَفِيْٓ اٰذَانِهِمْ وَقْرًا تراوان چھہِ آسِ تھندین دلن پیٹھ پردہ یمہ سیت نہ تمن تمہِ قرانک مقصد کینہہ فکرہِ تران چھُو۔ بیہِ چھکِ کنن تراوان زرتہ گوبیر۔ تھوپ چھُک کنن لگان۔ فکری چھُکنہ تران آسِ کیاہ چھہِ بوزان وَاِذَا ذَكَرْتَ رَبَّكَ فِي الْقُرْاٰنِ وَحْدَهٗ وَلَّوْا عَلٰٓي اَدْبَارِهِمْ نُفُوْرًا بیہِ یلہِ تہِ یارسُول اللہ پنہ نِسی پروردگارہ سندین صفاتن تہ کمالاتن ہُند ذِکر کران چھہِ قرآنِ مجیدس اندر تمن کافرن چھُونہ فکرہ تران کینہہ تہِ۔ تم چھہِ نفرت کرِتھ تہ تھر پھرت واپس ژلان نَحْنُ اَعْلَمُ بِمَا يَسْتَمِعُوْنَ بِهٖٓ اِذْ يَسْتَمِعُوْنَ اِلَيْكَ وَاِذْ هُمْ نَجْوٰٓى اِذْ يَقُوْلُ الظّٰلِمُوْنَ اِنْ تَتَّبِعُوْنَ اِلَّا رَجُلًا مَّسْحُوْرًا اس چھہِ پور زانان کہ تمِ کیازہ چھہِ کن دارت تھند کلام بوزان۔ یمہ ساتہ تمِ بوزان چھہِ یُہند غرض چھُو آسان تتھ اندر اعتراض تہ طعن کرُن۔ بیہِ چھُو معلُوم اَسہِ یمہ ساتہِ تمِ قرآنِ مجید بُوزِت پانہ وانِ کنکتھ کران چھہِ۔ یمہ ساتہ تمِ ظالمِ باایمانن وَنان چھہِ تُہہِ چھوِ نہ پیروی کران مگر تس شخصہ سنزٕ یس جادُیک اثر چھُو سپدمُت۔ سُو جادُیُوک اثر گو جنون اُنْظُرْ كَيْفَ ضَرَبُوْا لَكَ الْاَمْثَالَ فَضَلُّوْا فَلَا يَسْتَطِيْعُوْنَ سَبِيْلًا ای پیغمبر برحق وچھِو کمہِ قسمچہ پچھ کتھ چھہِ تمِ دشمن تُہہِ نسبت وَنان۔ کمہ کمہ قسمکِ القاب چھہِ تُہہِ نسبت تجویز کران۔ امی سببہ گے نا تمِ گمراہ۔ یِس لبن نہ تمِ پزرس کُن وَتھے زاہ۔ کیازہ یمو چیزو سیتِ چھُو ہدایتُک استعدادے ضائع سپدان۔ یمو کٔرِ قرآن مجیدس سیتِ ٹھٹھہ تہ استہزاء۔ پیغمبرس سیتِ ٹھٹھہ تہ استہزاء۔ امی خوتہ بڈٕ گمراہی کُوسہ گیہِ وَقَالُوْٓا ءَاِذَا كُنَّا عِظَامًا وَّرُفَاتًا ءَاِنَّا لَمَبْعُوْثُوْنَ خَلْقًا جَدِيْدًا تمِ کافر چھہِ وَنان کیاہ یلہِ آسِ

عِظَامًا وَّرُفَاتًا ءَاِنَّا لَمَبْعُوْثُوْنَ خَلْقًا جَدِيْدًا ﴿۴۹﴾ قُلْ كُوْنُوْا حِجَارَةً
اَوْ حَدِيْدًا ﴿۵۰﴾ اَوْ خَلْقًا مِّمَّا يَكْبُرُ فِيْ صُدُوْرِكُمْ ۚ فَسَيَقُوْلُوْنَ مَنْ
يُّعِيْدُنَا ۭ قُلِ الَّذِيْ فَطَرَكُمْ اَوَّلَ مَرَّةٍ ۚ فَسَيُنْغِضُوْنَ اِلَيْكَ
رُءُوْسَهُمْ وَيَقُوْلُوْنَ مَتٰى هُوَ ۭ قُلْ عَسٰٓى اَنْ يَّكُوْنَ قَرِيْبًا ﴿۵۱﴾
يَوْمَ يَدْعُوْكُمْ فَتَسْتَجِيْبُوْنَ بِحَمْدِهٖ وَتَظُنُّوْنَ اِنْ لَّبِثْتُمْ اِلَّا
قَلِيْلًا ﴿۵۲﴾ ع وَقُلْ لِّعِبَادِيْ يَقُوْلُوا الَّتِيْ هِيَ اَحْسَنُ ۭ اِنَّ الشَّيْطٰنَ يَنْزَغُ

مرڻ کان پوءِ جڏهن اسين هڏا ۽ ريزا ريزا ٿي وينداسين، تڏهن ڪيئن زنده ٿي اٿنداسين؟ ڪافرن جي اهڙي حيرت جي جواب ۾ فرمايو ته: مرت اڏجے اڏجه آسو تمني اڏجن آسه سورته ريزه ريزه گومت كياه تو پته يموه اسِ قيامتك دوه بيه دوباره قبر واندره كڏنه ته زنده كرنه قُلْ كُوْنُوْا حِجَارَةً اَوْ حَدِيْدًا ٭ اَوْ خَلْقًا مِّمَّا يَكْبُرُ فِيْ صُدُوْرِكُمْ تهه فرمائيو كه يا رسول الله اڏجن هنز كياه چهه كتهے۔ هرگاه تهه مرنه پته كنهِ ياشترِ ياتمهِ خوته كانهه سخت چيز بنونس چيز تهندِه خياله زياده سخت ته زياده بعيد آسهِ زندگي قبول كرنه لشهِ وڇتوتهه اسهِ تگياسو چيز دوباره بيه زنده كرن كنه نه فَسَيَقُوْلُوْنَ مَنْ يُّعِيْدُنَا وونِ پرڙهن تم اسهِ كهه كرهِ بيه زِنده قُلِ الَّذِيْ فَطَرَكُمْ اَوَّلَ مَرَّةٍ تهه فرماويو كه كه توهه كرهِ سوي قدرته وول پروردگار پيده بيه زِنده ته يم توهه گوڑه پيده كرِ وه۔ يلهِ تهه كهين تهِ آسوه فَسَيُنْغِضُوْنَ اِلَيْكَ رُءُوْسَهُمْ وَيَقُوْلُوْنَ مَتٰى هُوَ امه پته بن توهه برونٹه كن كله گلوان بطورانكار۔ دپنهِ لگن سودوباره بيه زِنده سپد نك دوه كرآسهِ قُلْ عَسٰٓى اَنْ يَّكُوْنَ قَرِيْبًا تهه فرماويو كه سودوه آسهِ جلدي يَوْمَ يَدْعُوْكُمْ فَتَسْتَجِيْبُوْنَ بِحَمْدِهٖ وَتَظُنُّوْنَ اِنْ لَّبِثْتُمْ اِلَّا قَلِيْلًا بيه بنهِ تمي دوهه يمه دوهه پروردگار توهه نادته آلو ديهِ اكس ملكه سندِه ذريعه ليس ناوچهواسرافيل۔ سه ديوه توهه هالوكوسپدِ وزِنده توپته سپدِ وجمع ته حاضر محشره كس ميدانس اندر۔ تته نادس كرِ وتهه مجبور سپدِت اجابت ته تسليم۔ نيرن هيوتهه قبرومنزه تسندِ حمدته تعريف كران۔ پران آسو سُبْحَانَكَ اللّٰهُمَّ وَبِحَمْدِكَ بيه گرشهِ توهِ خيال كه اس پهنهِ رودِمتِ دُنياءس منز قبرن اندر مگر كمسي كالس وَقُلْ لِّعِبَادِيْ يَقُوْلُوا الَّتِيْ هِيَ اَحْسَنُ بيه فرماوِ ومياِ نين مُسلمان بندن كهِ تمِ آسن كافرن سوجواب دپان يُس رُت آسهِ اخلاقن هندِه

بَيْنَهُمْ ۭ اِنَّ الشَّيْطٰنَ كَانَ لِلْاِنْسَانِ عَدُوًّا مُّبِيْنًا ﴿٥٣﴾ رَبُّكُمْ اَعْلَمُ بِكُمْ ۭ
اِنْ يَّشَاْ يَرْحَمْكُمْ اَوْ اِنْ يَّشَاْ يُعَذِّبْكُمْ ۭ وَمَآ اَرْسَلْنٰكَ عَلَيْهِمْ وَكِيْلًا ﴿٥٤﴾
وَرَبُّكَ اَعْلَمُ بِمَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۭ وَلَقَدْ فَضَّلْنَا بَعْضَ
النَّبِيّٖنَ عَلٰي بَعْضٍ وَّاٰتَيْنَا دَاوٗدَ زَبُوْرًا ﴿٥٥﴾ قُلِ ادْعُوا الَّذِيْنَ زَعَمْتُمْ

---

اعتبارہ۔ یتھ منز نہ تیزی تہ اشتعال انگیزی آسہِ کیازِہ اِنَّ الشَّيْطٰنَ يَنْزَغُ بَيْنَهُمْ اِنَّ الشَّيْطٰنَ كَانَ لِلْاِنْسَانِ عَدُوًّا مُّبِيْنًا بیشک شیطان چھُو سخت تہ تیز جواب ونہ ناوِت لوکن منز فتنہ تہ فساد تراوان کیازہ شیطان چھُو گوڈہ پیٹھے انسانہ سُند نون تہ مُولی دُشمن۔ لہذا چھُونہ سختی تہ تیزی کرنس اندر کانہہ فائدہ کیازہ ہدایت و گمراہی چھہ خدایس اتھہ رَبُّكُمْ اَعْلَمُ بِكُمْ اِنْ يَّشَاْ يَرْحَمْكُمْ اَوْ اِنْ يَّشَاْ يُعَذِّبْكُمْ توہہ سارنی ہُند حال زانہِ پُور تُہند پروردگار کہ کُس شخص کتھ قابلِ چھُو۔ ہر گہ سُہ یژھِ توہہِ اندرہ کانسہِ پیٹھ رحم کرُن۔ رحم کریس یعنی ہدایت کریس۔ راہِ راستس پیٹھ انیس۔ بیہ ہر گاہ سُہ یژھِ توہہِ اَندرہ کانسہِ عذاب کرُن تَس کرہ عذاب یعنی تس دِیہ نہ ہدایتک توفیق یمہ سببہ سُہ سزا وارِ عذاب سپدِہ وَمَآ اَرْسَلْنٰكَ عَلَيْهِمْ وَكِيْلًا بیہ نہ حضؐ سوزِنہ اسہِ تُہہ لُوکن ہندِہ ہدایتک ذمہ دار بناوِت لہذا ایلہِ نہ تُہہ باوجودِ نبوّت و رسالت ذمہ دار بناوِت سوزنہ آمتِ چھوِہ۔ عام لوکن تُہندین اُمتین کیاہ ذمہ داری چھہ امہِ کتھِہ ہنز کہ تِم چھِہ زورہ اتھ منز ہر تہ قضیہ لاگان وَرَبُّكَ اَعْلَمُ بِمَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ تُہند پروردگار چھُو پور زانان تِمن سارنی تِیم آسمانن اندر تہ زمین اندر چھِہ یعنی ملائکن تہ انسانن تہ جنّن۔ تِمس چھِہ خبر تِموٗ ساروی اَندرہ کُہہ چھُو نبی بناونس قابلِ کُہہ چھُونہ پس ہر گاہ تِم تُہہ نبی پیغمبر بناوِوہ اتھ منز کیاہ تعجّب چھُو۔ تو پتہ ہر گاہ توہہِ تِم فضیلت دُیت تتھ منز کیاہ تعجّب چھُو۔ کیازِہ وَلَقَدْ فَضَّلْنَا بَعْضَ النَّبِيّٖنَ عَلٰي بَعْضٍ وَّاٰتَيْنَا دَاوٗدَ زَبُوْرًا بتحقیق اَسہِ دُیت فضیلت بعضی پیغمبرن، بعضی پیغمبرن پیٹھ۔ بیہ ہر گاہ اسہِ توہہِ قرآنِ مجید عطا کور توہہ کیاہ تعجب چھُو کیازِہ اسہِ کور نا عطا داوٗد علیہِ السلامس زبور۔ زبُور ک تخصیص آوای کرنہ کہِ زبُورس منز چھِہ خصوصیتہ سان بیان آمُت کرنہ نعت و صفاتِ آنحضرت صلی اللہ علیہِ وسلّم بیہ چھِہ تتھ منز خبر دِنہ آمژ کہ حضرتِ پیغمبر آخر الزمان آسن صاحب مُلک و سلطنت قُلِ ادْعُوا الَّذِيْنَ زَعَمْتُمْ مِّنْ دُوْنِهٖ فَلَا

مِّنْ دُوْنِهٖ فَلَا يَمْلِكُوْنَ كَشْفَ الضُّرِّ عَنْكُمْ وَلَا تَحْوِيْلًا ﴿٥٦﴾ اُولٰٓئِكَ
الَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ يَبْتَغُوْنَ اِلٰى رَبِّهِمُ الْوَسِيْلَةَ اَيُّهُمْ اَقْرَبُ وَيَرْجُوْنَ
رَحْمَتَهٗ وَيَخَافُوْنَ عَذَابَهٗ ؕ اِنَّ عَذَابَ رَبِّكَ كَانَ مَحْذُوْرًا ﴿٥٧﴾ وَاِنْ
مِّنْ قَرْيَةٍ اِلَّا نَحْنُ مُهْلِكُوْهَا قَبْلَ يَوْمِ الْقِيٰمَةِ اَوْ مُعَذِّبُوْهَا عَذَابًا
شَدِيْدًا ؕ كَانَ ذٰلِكَ فِى الْكِتٰبِ مَسْطُوْرًا ﴿٥٨﴾ وَمَا مَنَعَنَآ اَنْ نُّرْسِلَ

---

يَمْلِكُوْنَ كَشْفَ الضُّرِّ عَنْكُمْ وَلَا تَحْوِيْلًا تهه فرمايو ته يا رسول الله صلى الله عليه وسلم يمن مشركن که اے مشرڪو تلا ٿهه دي ته آلو تمن معبودانِ باطلن يمن هندِ ه معبود آسنک توهه گمان ته خيال پڇو کران يمن سختين ته پريشانين هندِ ه وقته ديتو آلو تمني معبودن۔ معبود برحقس وراى ٿهه و ڇهتو تم هيکنوه توهه کينهه چاره ڪرِ تهه۔ تمِ نه هيکنوه تکليف دُور ڪرِ تهه ڪُنهِ قسمهِ نه هيکنوه تهه ادله بدل ڪرِ تهه۔ تمن پڇونه تميگ اختيار۔ اده تمِ ملائيک آستن يا جن آستن يا انسان آستن اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ تمِ لوک يمن يم مُشرک نفع حاصِل کرنه خيطره يا کانهه ضرر دُور کرنه خيطره منگان ڇهِ يَبْتَغُوْنَ اِلٰى رَبِّهِمُ الْوَسِيْلَةَ اَيُّهُمْ اَقْرَبُ وَيَرْجُوْنَ رَحْمَتَهٗ وَيَخَافُوْنَ عَذَابَهٗ تمِ ڇهِ پانه پنه نِس پروردگارس نِشهِ قُرب ته نزديکی هُند ته لِتس نِشهِ واتنگ ذريعه تلاش کران۔ پريته اکهاه پڇو کوشِش کرانِ سهِ بوی ته بوی گوڑهس زياده خو ته زياده لتس ذاتِ پاکس قريب سپُدن۔ بيهِ ڇهِ تمِ تمسندِس رحمتس اميدوار روزان۔ بيهِ ڇهِ تمِ تهندِس عذابس کهوژان اِنَّ عَذَابَ رَبِّكَ كَانَ مَحْذُوْرًا بيشک تهندِس پروردگاره سُند عذاب پڇو کهوژنُس قابلِ۔ اَمهِ اَندره پڇو مطلب يلهِ تمِ پانه خدايهِ سنز عبادت کره ونِ ڇهِ بين هندِ حاجت ڪتهه پاڻهِ هيکن تمِ کڈت۔ يلهِ تمِ پانه تسندس عذابس کهوژان ڇهِ بين نِشهِ ڪتهه پاڻهِ هيکن تهند عذاب ته تکليف دُور ڪرِ تهه وَاِنْ مِّنْ قَرْيَةٍ اِلَّا نَحْنُ مُهْلِكُوْهَا قَبْلَ يَوْمِ الْقِيٰمَةِ اَوْ مُعَذِّبُوْهَا عَذَابًا شَدِيْدًا كَانَ ذٰلِكَ فِى الْكِتٰبِ مَسْطُوْرًا بيهِ ڇهنه کافرن هنز کانهه بستياه يمن اَسِ قيامته که دوهه برونٹھ هلاک و تباه کره ونِ ڇهِ يا تمنِ اسِ قيامتگ دوه جهنمهٖ کس عذابس گرفتار کره ونِ ڇهِ۔ تهِ سورُی پڇو لوحِ محفوظس ليکهنه آمُت۔ پس هرگاه کانهه کافراه دنيا که

بِالۡاٰیٰتِ اِلَّاۤ اَنۡ كَذَّبَ بِهَا الۡاَوَّلُوۡنَ ؕ وَ اٰتَیۡنَا ثَمُوۡدَ النَّاقَةَ مُبۡصِرَةً فَظَلَمُوۡا بِهَا ؕ وَ مَا نُرۡسِلُ بِالۡاٰیٰتِ اِلَّا تَخۡوِیۡفًا ﴿۵۹﴾ وَ اِذۡ قُلۡنَا لَكَ اِنَّ رَبَّكَ اَحَاطَ بِالنَّاسِ ؕ وَ مَا جَعَلۡنَا الرُّءۡیَا الَّتِیۡۤ اَرَیۡنٰكَ اِلَّا فِتۡنَةً لِّلنَّاسِ

---

عذاب نشہ گنہ وجہہ پچہ تہ مگر آخر یکہ عذاب نشہ ہیکہ نہ سُوگُنہ صورتس اندر بچت وَ مَا مَنَعَنَاۤ اَنۡ نُّرۡسِلَ بِالۡاٰیٰتِ اِلَّاۤ اَنۡ كَذَّبَ بِهَا الۡاَوَّلُوۡنَ ییہ رٹ نہ اَسِ پتھ گنہ چیزن اس کیا سوزہو تم معجزہ یمن ہنز لوکھ خواہش کرہ ہَن۔ مگر برو نٹھین لوکن ہندہ تمہ قسمہ کین فرمایشی معجزن ہند انکار کرٖن۔ کیازہ تمن لوکن ہندِ تہ یمن لوکن ہندِ طبیعت چھہ گنی قسمک۔ نموٗنہ پاٹھہ بوزو تُہہ اتھ متعلق اکھ قصّہ نہ۔ وَ اٰتَیۡنَا ثَمُوۡدَ النَّاقَةَ مُبۡصِرَةً فَظَلَمُوۡا بِهَا چنانچہ قوم ثمود چہ خواہشہ مطابق کریو اَسہ تمن عطا بطور معجزہ حضرتِ صالح پیغمبرہ سندِ ذریعہ وونٹھ ہُند معجزہ یوسہ عجیب طریقہ پیدہ آیہ کرنہ۔ یوسہ معجزہ آسکہ سبہ درزاتِ خود بصیرت حاصِل کرنک اکھ ذریعہ اوس۔ مگر تمو لوکو گٔر نہ تمہ سیتِ کانہہ بصیرت حاصِل۔ بلکہ کورکھ تس اونٹھہ نسبت بوڈ ظلم۔ سُو گو سہ اونٹھ مار تمو بیدردی سیتِ تتھوی معاملہ کرن ازِکہ وتتکِ کافر تہ۔ وَ مَا نُرۡسِلُ بِالۡاٰیٰتِ اِلَّا تَخۡوِیۡفًا ییہ چھنہ اَسِ پنِنِ امہ قسمکِ نشانہ تہ معجزہ سوزان یم فرمایشی آسن مگر پتہ عذابہ نشہِ کھوژناونہ خیطرٕ۔ یعنی اگر ایمان انونہ تلہِ کروہ اسِ فوراً تباہ و برباد۔ ای چھُو آسان فرمایشی معجزن ہُند مقصود۔ وونِ ہرگاہ یم معجزات ظاہر سپدہَن تو پتہ انہ ہَن نہ تمِ ایمان۔ اس کرہو کھ تمِ پننہ وعدہ موجب ہلاک۔ یتھ پاٹھہ قوم ثمود و غیرہ کور۔ وُنہ آسہ نہ یمہندہ ہلاک سپدنک وقت مقرر رود تمت۔ اَسِ ییہ کنیژھاہ توہہ ونان چھہ کہ یم انن نہ معجزہ وچھت تہ ایمان ییہ چھہِ اَسِ اتھ گٔن نظر کٔرتھ ونان کہ اسہ چھُو معلوم گوڈہ پیٹھے۔ چنانچہ اَسہ چھُو توہہ تہ امیک اطلاع برونٹھی کورمُت وَ اِذۡ قُلۡنَا لَكَ اِنَّ رَبَّكَ اَحَاطَ بِالنَّاسِ چنانچہ تُہہ یاوِ وژ تمیس ییلہ اَسہ توہہ فرمووٗ کہ بیشک تُہند پروردگار چھُو پننہ علمہ سیتِ ساری لوکن ہندین موجودہ حالاتن تہ بتھہ اِدہ وُنین حالاتن احاطہ کٔرتھ۔ تمن ہُند ایمان نہ انُنہ تہ چھُو تمُوے حالا تو اندرہ۔ لہٰذا امہ بٔرِ دتُہہ کانہہ پروا۔ تُہہ رُوزو پننِ کوم کران یعنی تبلیغچ کوم وَ مَا جَعَلۡنَا الرُّءۡیَا الَّتِیۡۤ اَرَیۡنٰكَ اِلَّا فِتۡنَةً لِّلنَّاسِ ییہ کور نہ اَسہ سُو خواب یُس اَسہ توہہ ہوو کہ مکہ معظمس اندر دین اسلامکہ ترقی متعلق۔ یا سُو دیدار خصوصی یُس اسہ ہوو توہہ درشبِ معراج۔ مگر لوکن ہندہ آزمایشہ خیطرٕ۔ یتھ

وَالشَّجَرَةَ الْمَلْعُوْنَةَ فِى الْقُرْاٰنِ ؕ وَنُخَوِّفُهُمْ ۙ فَمَا يَزِيْدُهُمْ اِلَّا طُغْيَانًا كَبِيْرًا ۟ؒ ﴿۶۰﴾ وَاِذْ قُلْنَا لِلْمَلٰٓئِكَةِ اسْجُدُوْا لِاٰدَمَ فَسَجَدُوْٓا اِلَّآ اِبْلِيْسَ ؕ قَالَ ءَاَسْجُدُ لِمَنْ خَلَقْتَ طِيْنًا ۚ﴿۶۱﴾ قَالَ اَرَءَيْتَكَ هٰذَا الَّذِىْ كَرَّمْتَ عَلَىَّ ۟ لَئِنْ اَخَّرْتَنِ اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ لَاَحْتَنِكَنَّ ذُرِّيَّتَهٗٓ اِلَّا

وارہ نہٕ کہ کم کرن پڑھ تہٕ کم کرن انکار۔ وَالشَّجَرَةَ الْمَلْعُوْنَةَ فِى الْقُرْاٰنِ ییٚہ کٔر نہٕ اَسہِ تمہِ کلچ ذِکر یُس کُل رحمتہٕ نِشہِ دُور آمُت پِچھو تھاونہٕ یعنی درختِ زقّوم۔ یُس جہنّمس منز آسہِ۔ تمیک پھل جہنّمی کھیاونہٕ آسن یوان تمہِ کلچ ذِکرتہٕ آسہِ قرآنِ مجیدس اندر لُوکن ہندِ امتحانہٕ تہٕ آزمائشہ خیطرٕ۔ چنانچہ تمن دوشوِنِ چیزن کور کافرو انکار۔ معراجس کورُکھ تمہ موکھ انکار کہ ییٚہ آکھ عجائیب بوزنہٕ کہ اَکسی شبس منز یُوت زٕٹھہِ زیوٹھ سفر کرُن۔ بالخصوص آسمانن ہُند سیر کرُن۔ ییٚہ اوس نہٕ تہنزِ فکرِ منز یوان۔ یتھے پاٹھِ کورُکھ شجرہٕ زقومس تہٕ اِنکار۔ دوپُکھ تہٕ کتھہ پاٹھ ہنہِ کہ نارس منز کیا آسہِ کُل۔ نارِچ ماہیّت چھہ الگ کلچ ماہیت چھہ الگ نارہ سیتِ چھُو کُل دزان۔ بہرحال یتھہ پاٹھِ تمو کافرو تمن دون چیزن انکار کور۔ یتھے پاٹھِ کرہ ہَن تم فرمائیشی معجزن تہٕ اِنکار وَنُخَوِّفُهُمْ فَمَا يَزِيْدُهُمْ اِلَّا طُغْيَانًا كَبِيْرًا ییٚہ چھہِ اَسِ تمن آخرتکہِ عذابہ سیتِ ڈرپاوان۔ مگر تمن چھُنہ تمہِ سیتِ کینہہ تہٕ ہُران مگر بڈٕ سرکشی تہٕ شرارت وَاِذْ قُلْنَا لِلْمَلٰٓئِكَةِ اسْجُدُوْا لِاٰدَمَ فَسَجَدُوْٓا اِلَّآ اِبْلِيْسَ ییٚہ چھُو سُو وقت تہٕ قابلِ ذِکریلہِ اَسہِ حُکم کور ملائیکن تمن سیتِ تمہِ وقتہٕ ابلیس تہٕ شامل اوس کہ سجدہٕ تعظیم دِیُو آدم علیہ السلامس۔ پس دُیت ساروی ملائیکو تعمیلِ حُکم کٔرِتھ سجدہ مگر دُیت نہٕ ابلیسن قَالَ ءَاَسْجُدُ لِمَنْ خَلَقْتَ طِيْنًا سُو لوگ دپنہِ کیاہ بہ دِما سجدہ تس یُس ژِیہ رَبہٕ پیدہ کور تھَن۔ اتھ عدولِ حُکمی پیٹھ سپُد سُو مردود قَالَ تمہِ وقتہٕ لوگ سُو ونہٕ اَرَءَيْتَكَ هٰذَا الَّذِىْ كَرَّمْتَ عَلَىَّ لَئِنْ اَخَّرْتَنِ اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ لَاَحْتَنِكَنَّ ذُرِّيَّتَهٗٓ اِلَّا قَلِيْلًا مےٚ ونتو ییٚہ شخص یُس تو ہےٚ مےٚ پیٹھ فضیلت دُیت وہ اَمِس منز کوسہٕ خوبی چھہ۔ خیر ہرگاہ تُہہ مےٚ مُہلت دِیِو میانہِ درخواستہٕ موجب قیامتہٕ کِس دوہَس تانِ زِندہ روزنِچ تلہِ وچھِو بو کیاہ ہنز اوہ آمسندین لُو تین پُو تین نسبت تم ساری

قَلِيلًا ﴿٦٢﴾ قَالَ اذْهَبْ فَمَن تَبِعَكَ مِنْهُمْ فَإِنَّ جَهَنَّمَ جَزَآؤُكُمْ
جَزَآءً مَّوْفُورًا ﴿٦٣﴾ وَاسْتَفْزِزْ مَنِ اسْتَطَعْتَ مِنْهُم بِصَوْتِكَ
وَأَجْلِبْ عَلَيْهِم بِخَيْلِكَ وَرَجِلِكَ وَشَارِكْهُمْ فِي الْأَمْوَالِ
وَالْأَوْلَادِ وَعِدْهُمْ ۚ وَمَا يَعِدُهُمُ الشَّيْطَانُ إِلَّا غُرُورًا ﴿٦٤﴾ إِنَّ عِبَادِي
لَيْسَ لَكَ عَلَيْهِمْ سُلْطَانٌ ۚ وَكَفَىٰ بِرَبِّكَ وَكِيلًا ﴿٦٥﴾ رَّبُّكُمُ الَّذِي
يُزْجِي لَكُمُ الْفُلْكَ فِي الْبَحْرِ لِتَبْتَغُوا مِن فَضْلِهِ ۚ إِنَّهُ كَانَ بِكُمْ

---

درغلائڻ ۽ گمراه ڪري ڇڏيندس سواءِ ٿورڙن ماڻهن جي جيڪي تنهنجا مخلص بندا آهن. قَالَ اذْهَبْ الله تعالیٰ ان کي فرمايو ته وڃ (پنهنجو ڪم ڪر) - يعني جيڪي دل ۾ اچئي سو ڪر. فَمَن تَبِعَكَ مِنْهُمْ پوءِ جيڪي انهن مان تنهنجي تابعداري ڪندا فَإِنَّ جَهَنَّمَ جَزَآؤُكُمْ جَزَآءً مَّوْفُورًا ته بيشڪ اهڙن سڀني جي سزا جهنم آهي جيڪا پوري سزا آهي. وَاسْتَفْزِزْ مَنِ اسْتَطَعْتَ مِنْهُم بِصَوْتِكَ ۽ انهن مان جنهن کي پنهنجي آواز سان گمراهه ڪري سگهين گمراهه ڪر. وَأَجْلِبْ عَلَيْهِم بِخَيْلِكَ وَرَجِلِكَ ۽ انهن تي پنهنجا سوار ۽ پيادا چاڙهي آڻ. وَشَارِكْهُمْ فِي الْأَمْوَالِ وَالْأَوْلَادِ ۽ انهن جي مال ۽ اولاد ۾ ڀائيوار ٿي وڃ. يعني اهڙي طرح جو انهن کي ناجائز طريقي سان حاصل ڪرين. وَعِدْهُمْ ۽ انهن سان ڪوڙا وعدا ڪر. وَمَا يَعِدُهُمُ الشَّيْطَانُ إِلَّا غُرُورًا ۽ شيطان انهن سان جيڪي به وعدا ڪري ٿو سي سڀ دوکو آهن. إِنَّ عِبَادِي لَيْسَ لَكَ عَلَيْهِمْ سُلْطَانٌ بيشڪ منهنجي خاص بندن تي توکي ڪوبه غلبو حاصل نه ٿيندو. وَكَفَىٰ بِرَبِّكَ وَكِيلًا ۽ تنهنجو رب ڪارساز ڪافي آهي. رَّبُّكُمُ الَّذِي يُزْجِي لَكُمُ الْفُلْكَ فِي الْبَحْرِ لِتَبْتَغُوا مِن فَضْلِهِ تنهنجو پروردگار اهو آهي جيڪو توهان لاءِ سمنڊ ۾ ٻيڙيون هلائي ٿو ته جيئن توهان سندس فضل (روزي) ڳوليو. إِنَّهُ كَانَ بِكُمْ رَحِيمًا بيشڪ هو توهان تي ڏاڍو مهربان آهي. وَإِذَا مَسَّكُمُ الضُّرُّ فِي الْبَحْرِ ضَلَّ مَن تَدْعُونَ إِلَّا إِيَّاهُ ۽ جڏهن توهان کي سمنڊ ۾ ڪا تڪليف

رَحِيۡمًا ۝۶۶ وَاِذَا مَسَّكُمُ الضُّرُّ فِى الۡبَحۡرِ ضَلَّ مَنۡ تَدۡعُوۡنَ
اِلَّاۤ اِيَّاهُ‌ ۚ فَلَمَّا نَجّٰٮكُمۡ اِلَى الۡبَرِّ اَعۡرَضۡتُمۡ‌ ؕ وَكَانَ الۡاِنۡسَانُ
كَفُوۡرًا ۝۶۷ اَفَاَمِنۡتُمۡ اَنۡ يَّخۡسِفَ بِكُمۡ جَانِبَ الۡبَرِّ اَوۡ يُرۡسِلَ
عَلَيۡكُمۡ حَاصِبًا ثُمَّ لَا تَجِدُوۡا لَـكُمۡ وَكِيۡلًا ۙ ۝۶۸ اَمۡ اَمِنۡتُمۡ اَنۡ
يُّعِيۡدَكُمۡ فِيۡهِ تَارَةً اُخۡرٰى فَيُرۡسِلَ عَلَيۡكُمۡ قَاصِفًا مِّنَ
الرِّيۡحِ فَيُغۡرِقَكُمۡ بِمَا كَفَرۡتُمۡ‌ ۙ ثُمَّ لَا تَجِدُوۡا لَـكُمۡ عَلَيۡنَا بِهٖ تَبِيۡعًا ۝۶۹

---

واتان پڇو تمهِ ساتهِ ڇهِ توهِ مشان تمِ ساري معبودانِ باطل تمن تُهه عبادت كران آسوه معبود برحقس وراىَ۔ تمهِ ساتهِ ڇهوِه تنسِ معبودِ برحقس نجات منگان فَلَمَّا نَجّٰىكُمۡ اِلَى الۡبَرِّ اَعۡرَضۡتُمۡ پس يلهِ سوٗ تُهندِس منگنس اِجابت كرِتھ توهِ پهٹنهِ نِشهِ نجات دِتھ بتھس كُن واتناوان پڇواتي ڇهوس بيهِ بُتھ پهِران ته نافرماني كران وَكَانَ الۡاِنۡسَانُ كَفُوۡرًا يهِ انسان اوس ڈاڈِ هميشه كُفرانِ نعمت كره دُئے۔ پنه نِس مُنعم حقيقي سُند انعام ته پنِ نانگر عاجزي ته زاره پاره مشراوان۔ وونِ يوسه تُهه۔ روگرداني كران ڇهوه يِتھ بناءَس ڇهوه كران اَفَاَمِنۡتُمۡ اَنۡ يَّخۡسِفَ بِكُمۡ جَانِبَ الۡبَرِّ كياه تُوهه لبوه امن وامان يمهِ كتھ نِشهِ كه سوٗ كياه والهِ توهِ بتھس پيٹھ واتتھ زمينس تل يتھ پاٹھِ قارون ووٗن اَوۡ يُرۡسِلَ عَلَيۡكُمۡ حَاصِبًا ياسوزهِ توهِ پيٹھ واواه يمهِ منزه توهه پيٹھ كنهِ رُود پيه يتھ پاٹھِ قوم عادس پيٹھ كنهِ رُودسپز وو ثُمَّ لَا تَجِدُوۡا لَـكُمۡ وَكِيۡلًا توپته لبيُون نه تُهه پننهِ خيطره كانهه مددگار ته كارسازاه اَمۡ اَمِنۡتُمۡ اَنۡ يُّعِيۡدَكُمۡ فِيۡهِ تَارَةً اُخۡرٰى كِنه تُهه ڇهوه پننهِ جايهِ خاطرجمع يمهِ كتھهِ نِشهِ كه الله تعالىٰ كياواتناوِه توهِ دُوباره بيه اتھ سمندرس منز كنهِ ضروري كامهِ موٗكھ فَيُرۡسِلَ عَلَيۡكُمۡ قَاصِفًا مِّنَ الرِّيۡحِ فَيُغۡرِقَكُمۡ بِمَا كَفَرۡتُمۡ پس سوزِه توهِ پيٹھ ڇهله كرِدن سخت واوٗس تُهندِس جهازس ڇهله ته كُوچه كرِتھ توهِ سان پهاٹوِه تهندِه كُفره سببه ثُمَّ لَا تَجِدُوۡا لَـكُمۡ عَلَيۡنَا بِهٖ تَبِيۡعًا توپته لبيُون نه تُهه كانهه اكهاه آسهِ باز خواست ته پرُژهه گار ته جواب طلب كره دِن وَلَقَدۡ كَرَّمۡنَا بَنِىۡۤ اٰدَمَ وَحَمَلۡنٰهُمۡ فِى الۡبَرِّ وَالۡبَحۡرِ بيهِ دِيُت پزر پاٹھِ اسهِ حضرتِ آدم عليه السلامه

وَلَقَدْ كَرَّمْنَا بَنِيْٓ اٰدَمَ وَحَمَلْنٰهُمْ فِي الْبَرِّ وَالْبَحْرِ وَرَزَقْنٰهُمْ مِّنَ
الطَّيِّبٰتِ وَفَضَّلْنٰهُمْ عَلٰي كَثِيْرٍ مِّمَّنْ خَلَقْنَا تَفْضِيْلًا ۝٧٠ ع يَوْمَ
نَدْعُوْا كُلَّ اُنَاسٍۢ بِاِمَامِهِمْ ۚ فَمَنْ اُوْتِيَ كِتٰبَهٗ بِيَمِيْنِهٖ فَاُولٰۗىِٕكَ
يَقْرَءُوْنَ كِتٰبَهُمْ وَلَا يُظْلَمُوْنَ فَتِيْلًا ۝٧١ وَمَنْ كَانَ فِيْ هٰذِهٖٓ
اَعْمٰى فَهُوَ فِي الْاٰخِرَةِ اَعْمٰى وَاَضَلُّ سَبِيْلًا ۝٧٢ وَاِنْ كَادُوْا لَيَفْتِنُوْنَكَ

---

سندين اولادن يعني انسانن بعض خاص صِفت عطا ڪرنه سيتِ. جڙتيءَ صِفات تيم نه باقي حيوانات تن عطا آڪي ڪرنه. تم گيءِ حُسن صورت سيوڊ قدو قامت. عقل. ايجادِ صنايع. بيه ڪُرَ آسهِ تم سوار خشڪي اندر مختلف جانورن هندين پُشتن پيٺه. گُرين نه اونٺن ته ڪاتڙن ته کهرن هندين پُشتن پيٺه. درياون ته سمندرن اندر ناوُن ته جهازن پيٺه وَرَزَقْنٰهُمْ مِّنَ الطَّيِّبٰتِ بيه ڪوراسهِ تمن عطا رِزق نفيس نفيس صاف و پاڪ چيزوٚ اندره وَفَضَّلْنٰهُمْ عَلٰي كَثِيْرٍ مِّمَّنْ خَلَقْنَا تَفْضِيْلًا بيه دُيت اَسهِ تمن فضيلت پنه نيو مخلوقوٚ اندره واريهن مخلوقن پيٺه رُت فضيلتاه. اتهِ ڪُن نظر ڪرِ ته پزهِ ها تمن تيمن سانين نعمژن هنز قدر ڪرِن منعم حقيقي ڪُنيُ زانته سيتِ. بيه تسنز عبادت ته فرمانبرداري ڪرنه سيتِ. اَمهِ نافرماني ته ڪُفر و شرڪڪ محاسبه ايه هنه تمن قيامتڪ دوه يَوْمَ نَدْعُوْا كُلَّ اُنَاسٍۢ بِاِمَامِهِمْ سُو دوه گووسوٚي يمهِ دوهه اسِ نادِ دِمَو سارني لُوڪن پنُن پنُن نامه اعمال سيتِ هيته. محشره ڪس ميدانس منز جمع سپدنه خيطره. بعضي مُفسر و فرموو بِاِمَامِهِمْ پنه نيو سردارو ته رِهنُيو سيتِ ايڪ نادِ دِنه فَمَنْ اُوْتِيَ كِتٰبَهٗ بِيَمِيْنِهٖ فَاُولٰۗىِٕكَ يَقْرَءُوْنَ كِتٰبَهُمْ وَلَا يُظْلَمُوْنَ فَتِيْلًا پُس يمن لُوڪن نامه اعمال دنه آيه دڇهنس اتهس ڪيته تو پته پرَن تم پنن نامه اعمال. و ڇهن تم ڪه تمن ايه نه ڪُنهِ قسمه ظلم ڪرنه. خضر آنچهِ هندِه منزمهِ ڪهشهِ چهِ جايهِ هندِهِ پنه داوِه برابر ته. يعني تمن ايه ايمانڪ ته رژن عملن هُند ثواب پوره پوره عطا ڪرنه. تمن ايه عذابه نِشهِ نجات دِنه وَمَنْ كَانَ فِيْ هٰذِهٖٓ اَعْمٰى فَهُوَ فِي الْاٰخِرَةِ اَعْمٰى وَاَضَلُّ سَبِيْلًا بيه يُس شخص دُنياءس اندر ذانت ڪرِ ته نجاتچ وَته وڇهنه نِشهِ اون ته اعمٰى آسهِ بنيومُت. سو آسهِ آخرتس منز ته نجاتڪس گرس منز واتنه نِشهِ اعمٰى ته اون ته نابينا. بيه آسهِ دُنيا خو ته

عَنِ الَّذِیْٓ اَوْحَیْنَآ اِلَیْكَ لِتَفْتَرِیَ عَلَیْنَا غَیْرَهٗ ۖۗ وَ اِذًا لَّاتَّخَذُوْكَ
خَلِیْلًا ﴿٧٣﴾ وَ لَوْ لَاۤ اَنْ ثَبَّتْنٰكَ لَقَدْ كِدْتَّ تَرْكَنُ اِلَیْهِمْ شَیْـًٔا قَلِیْلًا ﴿٧٤﴾
اِذًا لَّاَذَقْنٰكَ ضِعْفَ الْحَیٰوةِ وَ ضِعْفَ الْمَمَاتِ ثُمَّ لَا تَجِدُ لَكَ
عَلَیْنَا نَصِیْرًا ﴿٧٥﴾ وَ اِنْ كَادُوْا لَیَسْتَفِزُّوْنَكَ مِنَ الْاَرْضِ لِیُخْرِجُوْكَ
مِنْهَا وَ اِذًا لَّا یَلْبَثُوْنَ خِلٰفَكَ اِلَّا قَلِیْلًا ﴿٧٦﴾ سُنَّةَ مَنْ قَدْ اَرْسَلْنَا

---

سيڌاه رووُمت ته ڏُور پيوُمت منزلِ مقصُود حاصِل ڪرڻ نِشه ڪيازه دنياء س اندر اوس گمراهي ته ضلالتس تدارُڪ ڪرن مُمڪن توبه استغفاره سيت. آخرتس اندر ڇهو گمراهي تدارُڪ ڪرن نامُمڪنِ ته دشوار. تمنِ لوڪن ايه نامهء اعمال دِنه کهو فرس اٿهس ڪيته وَاِنْ كَادُوْا لَیَفْتِنُوْنَكَ عَنِ الَّذِیْٓ اَوْحَیْنَآ اِلَیْكَ لِتَفْتَرِیَ عَلَیْنَا غَیْرَهٗ وَ اِذًا لَّاتَّخَذُوْكَ خَلِیْلًا بيه آسِ ڪافر سيڌاه نزديڪ يته ڪوشش ڪران ڪه تم ڈالهن توهِ تموا احڪامو نِشه تيمِ اَسه توهِ پيٹهه بذريعه وحي نازِل ڪرمت آسِ. يعني تهه ڪره هووه تهنزه خواهشه مطابق عام مُسلمانن پانس نِشه ڏُور. يادِيه هوِ تمن اَکس وَرهس اسلام انه نس مُهلت. يمهِ دوشوے ڪتهه آسه خلافِ شرع. مگر تهنز ڪوشش آس ڪه ڪنه پاٹهِ ڪرونا تهه يه ڪتهه منظور. اسهِ پيٹهه لاگوِ ناسانه حڪمه وراي بياڪهه حُڪماه. تلهِ تلهِ تهاوهن تم توهِ پنِ جاني دوست وَ لَوْ لَاۤ اَنْ ثَبَّتْنٰكَ لَقَدْ كِدْتَّ تَرْكَنُ اِلَیْهِمْ شَیْـًٔا قَلِیْلًا هرگاه نے اَس تهه مضبوط ته مُحڪم ثابت قدم تهاوه هووه پنه نس حُڪمس هيته نته اوس احتمال ڪه تهه ماسپدِه هوِ تمن ڪُن مائيل موِيه هنا. تته صورتس اندر اِذًا لَّاَذَقْنٰكَ ضِعْفَ الْحَیٰوةِ وَ ضِعْفَ الْمَمَاتِ هرگاه ته ايه هالبنه يعني تهه ڪياسپدِ هو تهنزن ڪتهن ڪُن مائيل تلهِ ڈهناووه اسِ تهه دوگن عذابُڪ مزه دُنياچه زندگاني اندرتهِ. آخرتچهِ زندگاني اندرتهِ، مرنه پته تهِ. ثُمَّ لَا تَجِدُ لَكَ عَلَیْنَا نَصِیْرًا توپته لبهِ هُون نه تهه پنهِ خيطره اَسهِ مُقابل ڪانهه مددگاراه. مگر چونڪهِ اسهِ بناوِوه تهه معصُوم ته ثابتِ قدم تمهِ سببه آونه لبنه تهندِه طرفه ڪنهِ قِسمه تمن ڪُن مائيل سپدُن. خدا اين ڪروه توهِ پنِ راڇهِ ته حفاظت. تهه لبوِ دُنياو آخرتچهِ دوگن عذابه نِشه نجات وَ اِنْ كَادُوْا لَیَسْتَفِزُّوْنَكَ مِنَ الْاَرْضِ لِیُخْرِجُوْكَ مِنْهَا وَ اِذًا لَّا یَلْبَثُوْنَ خِلٰفَكَ اِلَّا قَلِیْلًا بيه ڪريوِ قصد تمو ڪافرِ د

قَبْلَكَ مِنْ رُّسُلِنَا وَلَا تَجِدُ لِسُنَّتِنَا تَحْوِيْلًا ﴿٧٧﴾ اَقِمِ الصَّلٰوةَ لِدُلُوْكِ
الشَّمْسِ اِلٰى غَسَقِ الَّيْلِ وَقُرْاٰنَ الْفَجْرِ ۭ اِنَّ قُرْاٰنَ الْفَجْرِ كَانَ
مَشْهُوْدًا ﴿٧٨﴾ وَمِنَ الَّيْلِ فَتَهَجَّدْ بِهٖ نَافِلَةً لَّكَ ۖ عَسٰٓى اَنْ يَّبْعَثَكَ

---

توهه تڪليف واتناوِ ته ڪره هَن تم مجبور توهه مڪّه شريفه منزه نير نس پيٹھ۔ هر گاه تہ لبنه ايه هاتلهِ روز هن نه تم ڪافر توهه پتھ تتھ شهرس منز مگر ڪمه سي ڪالس۔ چنانچه تي آو بعمل۔ يلهِ خدايه سندِه حُڪمه موجب توههِ هجرت ڪر وه، مڪّه معظّمه منزه دراوه، مدينه مُنورس گن نيووه تشريف۔ ڈوڈوَري گژھتھے آي ڪافرن هندِ بڈِ بڈ ڈانگر دشمنانِ اسلام ابو جهل، عتبه، شيبه، وليدِ پليد جنگِ بدرس منز قتل ڪرنه تہ مارنه۔ تمه پتہ ڪمي ڪينهه ڪالاه گژھت سپُد فتحِ مڪّه۔ ساري جزيرة عربس پيٹھ سپز اِسلامي حُڪومت قايم۔ تهند يود شمنو منزه رُودنه اڪھ تہ باقي۔ سُنَّةَ مَنْ قَدْ اَرْسَلْنَا قَبْلَكَ مِنْ رُّسُلِنَا يتھ پاٹھِ تمن پيغمبرن هندِه حقه سون قاعده تہ طريق رُود، تم پيغمبر اَسهِ توهه برونٹھ سوزمتِ آسِ تمن تہ يلهِ دشمنو تڪليف واتناوِ، تو پتہ ڪُڈ ڪھ تمِ پيغمبر پنه نيو شهروَ اندره، اَسهِ گالِ تهندِ تمِ دُشمن۔ تمن ڈيت نه اَسهِ سئو ڪھ تمن شهرن اندر رُوزِت۔ يتھے پاٹھِ گالو ڪھ آسِ تُهندِ دُشمن تہ يا رسول الله صلي الله عليه وسلم۔ وَلَا تَجِدُ لِسُنَّتِنَا تَحْوِيْلًا تُهه حض لبِوُ نه سانس مقرّره طريقس تغير و تبديل سپدان۔ ودنِ ئو زِ تُهه سۆ نسخه يمهِ سيتِ تُهند ساري غم دُور سپدن اَقِمِ الصَّلٰوةَ لِدُلُوْكِ الشَّمْسِ اِلٰى غَسَقِ الَّيْلِ اي پيغمبرِ برحق تُهه آسو پرِيتھ دوهه نماز قايم ثهاوان، دوهله آفتاب ڈلنه پتہ راژهنزِه تاريک تہ انهِ گٹه سپدنس تان، اَتھ منز آيه ژور نمازه۔ پيشين۔ دِگر، شام تہ خفتن وَقُرْاٰنَ الْفَجْرِ بيهِ آسو صُبح نماز پران اِنَّ قُرْاٰنَ الْفَجْرِ كَانَ مَشْهُوْدًا بيشڪ صُبح نماز چھه ملائڪن هندِه حاضر سپدنُڪ وقت۔ چنانچه حديث شريفس منز چھُو آمُت ڪهِ دگر نمازه تہ صُبح نمازِه پچھهِ حاضر سپدان ڈُهڪِ تہ راتِڪ ملايڪ۔ يم انسانن هندِه حفاظت وڪتابته خيطره وسان چھهِ۔ تمن چھه تمينی دون وقتن پيٹھ بدلِ سپدان۔ راتِڪ ملايڪ چھهِ صُبحس ڪھسان ڈُهڪِ ملايڪِ چھه وسان۔ دگرس چھهِ ڈُهڪِ ملايڪ ڪھسان تہ راتِڪ وسان۔ صُبح نمازِه تہ دِگر نمازِه پيٹھ چھهِ دوشوے ڪھسه ونِ تہ وسه ونِ جمع سپدان۔ خدايس نِشِه گواهي دِوان ڪهِ۔ اِس ڪهُت چانِ بنده آسِ نماز پران اَسِ وَتھِ تمِ آسِ نماز پران وَمِنَ الَّيْلِ فَتَهَجَّدْ بِهٖ نَافِلَةً لَّكَ بيهِ راژهندس اَڪس حصس منز وَتھو تُهه يا رسول الله، پير وِ تتھ اندر نمازِ

رَبُّكَ مَقَامًا مَّحْمُوْدًا ﴿٧٩﴾ وَقُلْ رَّبِّ اَدْخِلْنِىْ مُدْخَلَ صِدْقٍ وَّ
اَخْرِجْنِىْ مُخْرَجَ صِدْقٍ وَّاجْعَلْ لِّىْ مِنْ لَّدُنْكَ سُلْطٰنًا نَّصِيْرًا ﴿٨٠﴾
وَقُلْ جَآءَ الْحَقُّ وَزَهَقَ الْبَاطِلُ ؕ اِنَّ الْبَاطِلَ كَانَ زَهُوْقًا ﴿٨١﴾
وَنُنَزِّلُ مِنَ الْقُرْاٰنِ مَا هُوَ شِفَآءٌ وَّرَحْمَةٌ لِّلْمُؤْمِنِيْنَ ۙ وَلَا يَزِيْدُ

---

تہجّد- بہ نماز چھہ پانژن نمازن علاوہ زیادہ خاص تُہندِہ خیطرہ عَسٰٓى اَنْ يَّبْعَثَكَ رَبُّكَ مَقَامًا مَّحْمُوْدًا امید چھہ یعنی وعدہ چھُوکہِ تُہند پروردگار- دِیہِ جای توہہِ مُقام محمودس اندر یعنی واتناوہ توہہِ تتھ مقامس یُس سیٹھاہ قابلِ تعریف چھُو سوٗ گو مقام شفاعتِ کُبریٰ- تتھ مقامس واتتھ کرن تُہند تعریف اوّلین و آخرین- بیہ پانہ حضرتِ ربُ العلمین- تُہند تھود شان و وُچھتِ تھود مُقام و چھِت کرن لوک تُہند تعریف تُہندِہ محمد ﷺ و محمود آسنک سپدِہ ظہور وَقُلْ رَّبِّ اَدْخِلْنِىْ مُدْخَلَ صِدْقٍ وَّاَخْرِجْنِىْ مُخْرَجَ صِدْقٍ وَّاجْعَلْ لِّىْ مِنْ لَّدُنْكَ سُلْطٰنًا نَّصِيْرًا بیہِ آسوٗ تُہہ یہِ دُعا پران کہ ای میانہِ پروردگارہ مکّہ شریفہ منزہ نیر نہ پتہ واتناومہِ ترٚھہِ جایہِ یتھ جایہِ ژہ یژکھ رتہِ طریقہ بخیر و خوبی- مکّہ شریفہ منزہ نیرن تہِ آسہِ رُتوی رُت- مدینہ شریفس منز اژن تہِ رُتوی رُت- بیہ کرمیہ پننہ طرفہ ٹنِ یاری- مہِ کر عطا تمن کافرن پیٹھ سوٗ غلبہ یتھ اندر چون مدد تہ نُصرتِ دائمی سیتِ سیتِ آسہِ- یُس نہ زائل سپدہ ڈون تہ عارضی آسہِ بلکہ آسہِ پوشہِ ڈن تہ پائیدار- وَقُلْ جَآءَ الْحَقُّ وَزَهَقَ الْبَاطِلُ اِنَّ الْبَاطِلَ كَانَ زَهُوْقًا بیہِ آسِو پران کہ وون سپُد پوٗزہ دین ظاہر- اپز دین سپُد باطِل- بیشک اپز چھُو آخر گلہ وُنوی تہ ختم گژھہ ڈُنوی- یمنی مضموٗنن گن گژھہِ تُہنز کل تھاونِ غمگین آزرد خاطرِ گژھنہ روزُن- چنانچہ ہجرت پتہ سپُد فتحِ مکّہ- ساری وعدہ سپد پورہ- چنانچہ فتح مکس اندریلہِ حضرتِ نبی کریم خانہ کعبس منز ژاے- خانہ کعبس منزِ آسِ کافرو تھاوِمتِ اَندِ یک تریہ ہتھ تہ شیٹھ (۳۶۰) پوتل- تمن آس دستِ مُبارکس منز اکھ لورِہ ہنا- تمی سیتِ آسِ پرِیتھ پوٗتلس گن اِشارہ کران- زبانِ مُبارکہ سیتِ آسِ یوسہے آیہ کریمہ پران ( وَقُلْ جَآءَ الْحَقُّ وَزَهَقَ الْبَاطِلُ اِنَّ الْبَاطِلَ كَانَ زَهُوْقًا ) بیہِ بیاکھ آیہ کریمہ ( جَآءَ الْحَقُّ وَمَا يُبْدِئُ الْبَاطِلُ وَمَا يُعِيْدُ ) پران- تم پوتل آسِ بُتھکنِ ڈکراونہ یِوان تہ پھر وٚسِ پیوان وَنُنَزِّلُ مِنَ الْقُرْاٰنِ مَا هُوَ شِفَآءٌ وَّرَحْمَةٌ لِّلْمُؤْمِنِيْنَ بیہِ چھہِ اَسِ یہِ

الظّٰلِمِيْنَ اِلَّا خَسَارًا ﴿٨٢﴾ وَاِذَآ اَنْعَمْنَا عَلَى الْاِنْسَانِ اَعْرَضَ وَنَاٰ
بِجَانِبِهٖ ۚ وَاِذَا مَسَّهُ الشَّرُّ كَانَ يَـُٔوْسًا ﴿٨٣﴾ قُلْ كُلٌّ يَّعْمَلُ عَلٰى
شَاكِلَتِهٖ ؕ فَرَبُّكُمْ اَعْلَمُ بِمَنْ هُوَ اَهْدٰى سَبِيْلًا ﴿٨٤﴾ ع وَيَسْــَٔلُوْنَكَ

قرآنِ مجيد نازِل ڪران ٿس بوڏ شفا ڇھُو۔ بڏر حمت ڇھ باايمانن ھندِ ہ خيطر ہ يعني يتھ پاٹِ پڙڪِہ ينہِ سبت اپز گول تہ زائل سپُد ٿھے پاٹھِ ڇھِ اسِ قرآنِ مجيد وارہ وارہ نازِل ڪران۔ ٿس رُوحاني مرضن تہ بيمارين ھندِ ہ خيطر ہ بوڏ علاج ڇھ يمہِ سيت دِلو اندر ہ بدٚ اعتقاد تہ اپز عقايد تہ ڀچھ اخلاق بيہِ شڪوڪ و شبہات دُور سپِد تھ روحاني صحت ڇھُو حاصِل سپدان۔ بلڪہ ڇھُو بسا اوقات امڪہِ برڪتہ جسماني مرضن تہ بيمارين تہِ شِفا بنان۔ باايمانن ھندِ ہ خيطر ہ ڇھُو رحمت و شفا امی موکھ تمِ ڪيا ڇھِ اتھ قرآنِ مجيد س ايمان انان۔ اَمہِ موجب عمل ڪران۔ يمہِ سبہ الله تعالىٰ ڇھُو پننِ بڏر حمت تمن گن متوجہ ڪران۔ ڀچھ عقايد تہ ڀچھ عملو نِشہ ڇھُو تمن شِفا بخشان وَلَا يَزِيْدُ الظّٰلِمِيْنَ اِلَّا خَسَارًا مگر ظالمن تہ ناانصافن يمہ اَمہِ قرآن مجيدہ موجب عمل ڪرن ہُرِ ہ نہ ڪينہہ تہِ تاوانہ تہ نقصانہ ورای۔ ڪيازہ تمِ ڇھنہِ امہِ ڪيو ہدايتو تہ ارشادا تو موجب عمل ڪران يمہِ موکھ تمن پيٹھ ڇھِ خدايہِ سنز بيزاری زيادہ سپدان۔ تمِ ڇھِ مستحقِ عذاب و سزا سپدان۔ يلہِ ڈن بيہِ ڪيفيت ڇھ لہٰذا تمن متعلق قبول اسلامچ اميد تھاونِ يا تھندِ ہ مخالفتُڪ غم کھيون ڇھو بيڪار و بے فائدہ وَاِذَآ اَنْعَمْنَا عَلَى الْاِنْسَانِ اَعْرَضَ وَنَاٰ بِجَانِبِهٖ وَاِذَا مَسَّهُ الشَّرُّ كَانَ يَـُٔوْسًا بيہِ يلہِ اَسِ ڪانسہِ انسانس يعني ڪافرس ڪانھ نعمتھ عطا ڪران ڇھِ لتس پزِ ہ ہا شڪر گذاری ڪرِن۔ تتھ بدل ڇھُو سانيو احڪامو نِشہ بُتھ پِھران۔ بيہِ پہلو تہی ڪرِ تھ بيس طرفس گن پھيران يعني الله تعالىٰ ڇھُوس پننہِ فضلہ سيتِ نعمتِ مال و دولت عطا ڪران۔ مگر سُو ڇھُو نہ احسان مانان۔ امہِ نعمتُڪ شُڪر ادا ڪران يوت اَمِس عيش و آرام ڇھُو حاصِل سپدان، تيوت ڇھُو سُو منعمِ حقيقيس نِشہِ غافِل سپِد تھ تمسند يو احڪامو نِشہِ اعراض ڪران۔ بيہ يلہِ لتس ڪانہہ تڪليفاہ واتان ڇھُو تمہِ ساتہ ڇھُو نااميد سپدان دوشون حالتن منز ڇھُو خدايس نِشہ بے تعلق سپدان۔ مگر باايمان ڇھِ دوشون حالتن اندر خدايہ سی گن رجوع ڪران۔ نعمتہ وقتہ شُڪر دِيان۔ تڪليفہ وقتہ صبر ڪران۔ تڪليف دُور گڑھنہ خيطر ہ لتس گن التجا ڪران۔ قُلْ كُلٌّ يَّعْمَلُ عَلٰى شَاكِلَتِهٖ تُھہ فرماويو کھ يارسول الله ڪہ باايمان تہ ڪافِر نيڪ تہ بد پرِ يتھ اکھاہ ڇھُو ڪوم ڪران پننہ پننہ طريقہ موجب يتھ تمسنز

عَنِ الرُّوۡحِ ؕ قُلِ الرُّوۡحُ مِنۡ اَمۡرِ رَبِّیۡ وَ مَاۤ اُوۡتِیۡتُمۡ مِّنَ الۡعِلۡمِ
اِلَّا قَلِیۡلًا ﴿۸۵﴾ وَ لَئِنۡ شِئۡنَا لَنَذۡهَبَنَّ بِالَّذِیۡۤ اَوۡحَیۡنَاۤ اِلَیۡکَ ثُمَّ
لَا تَجِدُ لَکَ بِهٖ عَلَیۡنَا وَکِیۡلًا ﴿۸۶﴾ اِلَّا رَحۡمَةً مِّنۡ رَّبِّکَ ؕ اِنَّ فَضۡلَهٗ
کَانَ عَلَیۡکَ کَبِیۡرًا ﴿۸۷﴾ قُلۡ لَّئِنِ اجۡتَمَعَتِ الۡاِنۡسُ وَ الۡجِنُّ عَلٰۤی
اَنۡ یَّاۡتُوۡا بِمِثۡلِ هٰذَا الۡقُرۡاٰنِ لَا یَاۡتُوۡنَ بِمِثۡلِهٖ وَ لَوۡ کَانَ بَعۡضُهُمۡ

---

عقل صحيح يا جهل قبيح منگان آسہِ۔ عقلِ صحيح ڇھو منگان اعمالِ خيرن جهل قبيح ڇھو منگان پچھ عملن فَرَبُّكُمْ اَعْلَمُ بِمَنْ هُوَ اَهْدٰى سَبِيْلًا پس ڇھہ تھندى پروردگارس پور خبر گُس ڇھو راہ راستس تہ سيزہ دِتہِ پيٹھ۔ تمِس ڇھہ خبر گُس ڇھو غلط وَتہِ پيٹھ۔ سوى دِيہِ پرتھ اَکس پننہِ پننہِ عملہِ ہنز مزُورِ وَيَسْئَلُوْنَكَ عَنِ الرُّوْحِ بيہِ ہَز ڇھہِ پرِ ژھان يِم كافر توہہِ بطريقِ اِمتحان رُوحك سوال۔ روُح حقيقت كياہ ڇھہ۔ قُلِ الرُّوْحُ مِنْ اَمْرِ رَبِّيْ تُہہ فرماوِيو كھ كہ رُوح ڇھو ميانس پروردگارہ سُند حُكم بس بيہ نہ كينہہ وَمَآ اُوْتِيْتُمْ مِّنَ الْعِلْمِ اِلَّا قَلِيْلًا بيہِ آونہ توہہِ علم عطا كرنہ مگر سيٹھاہ كم۔ تُھندِہ استعدادہ موجب۔ بيہ تمن چيزن ہُند علم يِم ضروريات ڇھہِ۔ چونكہ رُوحك علم ضروريا تو اَندرہ ڇھُنہ۔ بيہ ترِہ نہ توہہِ فكرى كم فہمى موكھ تمہِ موكھ آو تھاونہ پوشيدہ رُوحك علم وَلَئِنْ شِئْنَا لَنَذْهَبَنَّ بِالَّذِيْٓ اَوْحَيْنَآ اِلَيْكَ بيہِ ہرگاہ اَسِ يژھو واپس نمَوا اِس قرآنِ مجيد يُس اسہِ نازِل كور توہہِ پيٹھ بطريقِ وحى ثُمَّ لَا تَجِدُ لَكَ بِهٖ عَلَيْنَا وَكِيْلًا تو پتہ لبيُون نہ تُہہ پننہِ مددہ خيطرہ اَسہِ سيتِ مقابلہ كرنہ خيطرہ كانہہ مددگاراہ اِلَّا رَحْمَةً مِّنْ رَّبِّكَ مگر يہ ڇھہ تھندِس پروردگارہ سنز رحمت تہ مہربانى كہِ تم كورنہ تہِ اِنَّ فَضْلَهٗ كَانَ عَلَيْكَ كَبِيْرًا كيازہ بيشك خدايہ سُند فضل ڇھو توہہِ پيٹھ سيٹھاہ بُوڈ۔ لہذا اگر ژھہِ تھند خدايہ سنزہ يمہ نعمژ تہ مہربانى ياد پاوِت خوش روزن كانسہ ہندہ مخالفتك گژھہِ نہ كانہہ غم برن قُلْ لَّئِنِ اجْتَمَعَتِ الْاِنْسُ وَالْجِنُّ عَلٰٓى اَنْ يَّاْتُوْا بِمِثْلِ هٰذَا الْقُرْاٰنِ لَا يَاْتُوْنَ بِمِثْلِهٖ وَلَوْ كَانَ بَعْضُهُمْ لِبَعْضٍ ظَهِيْرًا بيہ قرآن مجيد ڇھو تھوى معجزہ كہ تُہہ فرماوِيو كھ كہِ ہرگاہ سارى انسان تہ جن سمن تہ كوشش كرن كہ پيش كيا كرن اتھ قرآن مجيدس ہيو كلامہ نہ

لِبَعْضٍ ظَهِيْرًا ﴿٨٨﴾ وَلَقَدْ صَرَّفْنَا لِلنَّاسِ فِىْ هٰذَا الْقُرْاٰنِ مِنْ
كُلِّ مَثَلٍ ۫ فَاَبٰٓى اَكْثَرُ النَّاسِ اِلَّا كُفُوْرًا ﴿٨٩﴾ وَقَالُوْا لَنْ نُّؤْمِنَ لَكَ
حَتّٰى تَفْجُرَ لَنَا مِنَ الْاَرْضِ يَنْۢبُوْعًا ۙ﴿٩٠﴾ اَوْ تَكُوْنَ لَكَ جَنَّةٌ مِّنْ
نَّخِيْلٍ وَّعِنَبٍ فَتُفَجِّرَ الْاَنْهٰرَ خِلٰلَهَا تَفْجِيْرًا ۙ﴿٩١﴾ اَوْ تُسْقِطَ السَّمَآءَ
كَمَا زَعَمْتَ عَلَيْنَا كِسَفًا اَوْ تَاْتِىَ بِاللّٰهِ وَالْمَلٰٓئِكَةِ قَبِيْلًا ۙ﴿٩٢﴾
اَوْ يَكُوْنَ لَكَ بَيْتٌ مِّنْ زُخْرُفٍ اَوْ تَرْقٰى فِى السَّمَآءِ ؕ وَلَنْ نُّؤْمِنَ
لِرُقِيِّكَ حَتّٰى تُنَزِّلَ عَلَيْنَا كِتٰبًا نَّقْرَؤُهٗ ؕ قُلْ سُبْحَانَ رَبِّىْ هَلْ

---

هرگز هيڪن نه پيش ڪري سگهندا جيڪڏهن سڀ هڪٻئي جا مددگار ٿي بيهن. وَلَقَدْ صَرَّفْنَا لِلنَّاسِ فِىْ هٰذَا الْقُرْاٰنِ مِنْ
كُلِّ مَثَلٍ پڪ پاٽ اسان هن قرآن مجيد ۾ ماڻهن لاءِ هر طرح جو عمدو مضمون
مختلف طريقن سان بيان ڪيو آهي. فَاَبٰٓى اَكْثَرُ النَّاسِ اِلَّا كُفُوْرًا باوجود ان جي گهڻا ماڻهو انڪار ڪرڻ ۽ ناشڪري
ڪرڻ کانسواءِ ٻيو ڪجهه به نه ڪيو. وَقَالُوْا لَنْ نُّؤْمِنَ لَكَ حَتّٰى تَفْجُرَ لَنَا مِنَ الْاَرْضِ يَنْۢبُوْعًا ۽ چيائون ته اسين توتي هرگز ايمان نه آڻينداسين جيستائين
تون اسان لاءِ هن زمين مان ڪو چشمو نه وهائين. اَوْ تَكُوْنَ لَكَ
جَنَّةٌ مِّنْ نَّخِيْلٍ وَّعِنَبٍ فَتُفَجِّرَ الْاَنْهٰرَ خِلٰلَهَا تَفْجِيْرًا يا توهان وٽ کجين ۽ ڊاکن جو باغ هجي
۽ ان جي وچ ۾ تون نهرون جاري ڪري ڇڏين. اَوْ تُسْقِطَ السَّمَآءَ كَمَا زَعَمْتَ عَلَيْنَا كِسَفًا يا جيئن تون
چوين ٿو تيئن آسمان جا ٽڪرا اسان تي ڪيرائين. اَوْ تَاْتِىَ بِاللّٰهِ وَالْمَلٰٓئِكَةِ قَبِيْلًا يا تون
الله ۽ ملائڪن کي اسان جي آمهون سامهون وٺي اچين. اَوْ يَكُوْنَ لَكَ بَيْتٌ
مِّنْ زُخْرُفٍ يا توهان جو سون جو گهر هجي. اَوْ تَرْقٰى فِى السَّمَآءِ وَلَنْ نُّؤْمِنَ لِرُقِيِّكَ حَتّٰى تُنَزِّلَ
عَلَيْنَا كِتٰبًا نَّقْرَؤُهٗ يا تون آسمان تي چڙهي وڃين ۽ اسين تنهنجي چڙهڻ تي به ايمان نه آڻينداسين جيستائين اسان تي اهڙو ڪتاب نه لاهين جيڪو اسين پڙهون

كُنْتُ اِلَّا بَشَرًا رَّسُوْلًا ﴿٩٣﴾ وَمَا مَنَعَ النَّاسَ اَنْ يُّؤْمِنُوْۤا اِذْ جَآءَهُمُ
الْهُدٰۤى اِلَّاۤ اَنْ قَالُوْۤا اَبَعَثَ اللّٰهُ بَشَرًا رَّسُوْلًا ﴿٩٤﴾ قُلْ لَّوْ كَانَ فِى
الْاَرْضِ مَلٰٓئِكَةٌ يَّمْشُوْنَ مُطْمَئِنِّيْنَ لَنَزَّلْنَا عَلَيْهِمْ مِّنَ السَّمَآءِ
مَلَكًا رَّسُوْلًا ﴿٩٥﴾ قُلْ كَفٰى بِاللّٰهِ شَهِيْدًا بَيْنِىْ وَبَيْنَكُمْ ؕ اِنَّهٗ كَانَ
بِعِبَادِهٖ خَبِيْرًا بَصِيْرًا ﴿٩٦﴾ وَمَنْ يَّهْدِ اللّٰهُ فَهُوَ الْمُهْتَدِ ۚ وَمَنْ

---

تہندِ س آسمان کھسِس یوتتان نہ تورہ والِو سانہِ خیطرہ اکھ کتاباہ یتھ منز تصدیق آسہِ تہندِ س آسمانس پیٹھ واتنس۔ یوسہ کتاب اَسِ تہِ پَرِتھ ہیکو۔ قُلْ سُبْحَانَ رَبِّىْ هَلْ كُنْتُ اِلَّا بَشَرًا رَّسُوْلًا تُہہ فرماویُو کھ یارسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم یمن سارنی بیہودہ کتھن ہُند جواب کہِ مُنزّہ تہ پاک چھُو میون پروردگار کُنہِ چیزس اندر عاجز آسنہ نِشہِ۔ بو کیاہ زونوس توہہِ بو چھُوس نہ مگر بشر انسان پیغمبر بس مینِ حقیقت چھہ ایژی۔ مہِ قُدرتس تہ تہنزہِ فرمایشہ پورکرنس اندر کانہہ دخلاہ چھُونہ۔ یہِ سورُی چھُو قدرتہ والس خدایس اَتھہِ وَمَا مَنَعَ النَّاسَ اَنْ يُّؤْمِنُوْۤا اِذْ جَآءَهُمُ الْهُدٰۤى اِلَّاۤ اَنْ قَالُوْۤا اَبَعَثَ اللّٰهُ بَشَرًا رَّسُوْلًا یمہِ وقتہِ تمن لوکن نِشہِ ہدایت یعنی رسالچہِ صحیح دلیلہ واتہ مثلاً قرآنِ مجیدُک بوڈ معجزہ یتھ لازِم اوس تمن ہُند گوژھہ فوراً ایمان انن تہ پژھ کرنِ مگر تمن سپُد نہ کانہہ چیز ایمان انہ نس مانع مگر تمن آیہِ بوزنہ بشر یتس تہ رسالتس اندر فرق۔ دپنہِ لگ کیاہ اللہ تعالیٰ ان سوزہ اکھ بشراہ پیغمبر قُلْ لَّوْ كَانَ فِى الْاَرْضِ مَلٰٓئِكَةٌ يَّمْشُوْنَ مُطْمَئِنِّيْنَ لَنَزَّلْنَا عَلَيْهِمْ مِّنَ السَّمَآءِ مَلَكًا رَّسُوْلًا تُہہ فرماویُو کھ یارسول اللہ ہرگاہ آسہن زمینس پیٹھ ملائیک روزان لسان بسان اورہ یور پھیران تلُ سوزہوأس تمن گن تہِ آسمانکہِ طرفہ ملکھی پیغمبر بناوِت قُلْ كَفٰى بِاللّٰهِ شَهِيْدًا بَيْنِىْ وَبَيْنَكُمْ تُہہ فرماویُو کھ بس چھُو مہِ منز تہ توہہِ منز گواہ اللہ تعالیٰ۔ سُوی چھُو بہتر زانان کہ بو چھُوس پیغمبر تُہند۔ اگر تُہہ مانو نہ میون پیغمبر برحق آسُن متہ مانِتو۔ اکہ دوہہ اکہ تُلو پانے تمُیک یچھ نتیجہ اِنَّهٗ كَانَ بِعِبَادِهٖ خَبِيْرًا بَصِيْرًا کیازہ اللہ تعالیٰ چھُو پنہِ نین بندن ہندِ ساری حالات پورہ زانان تہ پورہ وچھان تہ وَمَنْ يَّهْدِ اللّٰهُ فَهُوَ الْمُهْتَدِ تو پتہ چھہ واقعی کتھاہ ای زِہ ییس اللہ وتھ ہاوِہ سُوی چھُو سیزِہ

يُّضْلِلْ فَلَنْ تَجِدَ لَهُمْ اَوْلِيَآءَ مِنْ دُوْنِهٖ ۭ وَنَحْشُرُهُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ
عَلٰي وُجُوْهِهِمْ عُمْيًا وَّبُكْمًا وَّصُمًّا ۭ مَاْوٰىهُمْ جَهَنَّمُ ۭ كُلَّمَا خَبَتْ
زِدْنٰهُمْ سَعِيْرًا ﴿۹۷﴾ ذٰلِكَ جَزَاۗؤُهُمْ بِاَنَّهُمْ كَفَرُوْا بِاٰيٰتِنَا وَقَالُوْٓا
ءَاِذَا كُنَّا عِظَامًا وَّرُفَاتًا ءَاِنَّا لَمَبْعُوْثُوْنَ خَلْقًا جَدِيْدًا ﴿۹۸﴾
اَوَلَمْ يَرَوْا اَنَّ اللّٰهَ الَّذِيْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ قَادِرٌ عَلٰٓي
اَنْ يَّخْلُقَ مِثْلَهُمْ وَجَعَلَ لَهُمْ اَجَلًا لَّا رَيْبَ فِيْهِ ۭ فَاَبَى الظّٰلِمُوْنَ

---

وَتہِ پيٺھ يوان وَمَنْ يُّضْلِلْ فَلَنْ تَجِدَ لَهُمْ اَوْلِيَآءَ مِنْ دُوْنِهٖ ۭ ۽ جنهن کي هو رلائي، گمراه ڪري، وٺي نشي ڏالهه. پس ڪين لڀندو نه تهه تهند ڪا نه مددگار خدا کانسواءِ وَنَحْشُرُهُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ عَلٰي وُجُوْهِهِمْ عُمْيًا وَّبُكْمًا وَّصُمًّا ۭ ۽ ڪنه ناوو کهه آسين تهم قيامت ڏينهن ٻڌي گهرائين. زر ته ڪل مَاْوٰىهُمْ جَهَنَّمُ ۭ كُلَّمَا خَبَتْ زِدْنٰهُمْ سَعِيْرًا تهنن جاءِ جهڙي نارِ جهنم. جيڏي جيڏي سو نار سوتن آسهي هيوان. آسين آسون سو تيز ڪران ذٰلِكَ جَزَاۗؤُهُمْ يو هي نار جهنم آسهي تهندي سزا بِاَنَّهُمْ كَفَرُوْا بِاٰيٰتِنَا امي مو ڪهه تهمو ڪيا ڪور انڪار سانين آيا تن وَقَالُوْٓا ءَاِذَا كُنَّا عِظَامًا وَّرُفَاتًا ءَاِنَّا لَمَبْعُوْثُوْنَ خَلْقًا جَدِيْدًا ۽ آسين تهم ونان ڪه جيڏي اسين مرو باقي روزنه ڪينهتي دودر تهمون واڙجو وراي. ڪياه آسين امو هيٺهه حال هنتهه اڙجن آسهي سور گومت، ۽ دوباره پيده ڪرنه قبر واندره ڪڍت ايا آسهي نو زندگي عطا ڪرنه اَوَلَمْ يَرَوْا اَنَّ اللّٰهَ الَّذِيْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ قَادِرٌ عَلٰٓي اَنْ يَّخْلُقَ مِثْلَهُمْ ڪياه تمن لوڪن ڇهڻا درنيٺهه آمت ڪه بيشڪ الله تعالیٰ گو سوي پروردگار تهم مخلوقوا اندره بڏزه مخلوق آسمان ته زمين پيده ڪرمت ڇهي. سو ڇهو پور قدرت ته وول تمن هي لوڪٽ مخلوق انسان پيده ڪرنس پيٺهه وَجَعَلَ لَهُمْ اَجَلًا لَّا رَيْبَ فِيْهِ ۭ مگر تم پروردگارن تهندي دوباره پيده ڪرنه خيطره اکهه وقتاه مقرر ڪرمت. سو وقت وانتس پيٺهه دوباره پيده ڪرنس اندر ڇهونه ڪا نه شڪاه فَاَبَى الظّٰلِمُوْنَ اِلَّا كُفُوْرًا ۽ بوزت ته گرنه ظالم لوڪو ڪينهه ته انڪاره وراي قُلْ لَّوْ اَنْتُمْ تَمْلِكُوْنَ خَزَاۗىِٕنَ رَحْمَةِ رَبِّيْٓ اِذًا لَّاَمْسَكْتُمْ خَشْيَةَ الْاِنْفَاقِ فرماويو ڪهه تهه يارسول الله هرگاه تهه مالڪ هنهو. توهي اٿهي آسهن تمنس پروردگاره سندين

اِلَّا كُفُوْرًا ﴿۹۹﴾ قُلْ لَّوْ اَنْتُمْ تَمْلِكُوْنَ خَزَآىِٕنَ رَحْمَةِ رَبِّیْٓ اِذًا
لَّاَمْسَكْتُمْ خَشْیَةَ الْاِنْفَاقِ ؕ وَ كَانَ الْاِنْسَانُ قَتُوْرًا ﴿۱۰۰﴾ ع
وَ لَقَدْ اٰتَیْنَا مُوْسٰی تِسْعَ اٰیٰتٍۭ بَیِّنٰتٍ فَسْــَٔلْ بَنِیْٓ اِسْرَآءِیْلَ اِذْ جَآءَهُمْ
فَقَالَ لَهٗ فِرْعَوْنُ اِنِّیْ لَاَظُنُّكَ یٰمُوْسٰی مَسْحُوْرًا ﴿۱۰۱﴾ قَالَ لَقَدْ عَلِمْتَ مَآ
اَنْزَلَ هٰۤؤُلَآءِ اِلَّا رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَ الْاَرْضِ بَصَآىِٕرَ ۚ وَ اِنِّیْ لَاَظُنُّكَ
یٰفِرْعَوْنُ مَثْبُوْرًا ﴿۱۰۲﴾ فَاَرَادَ اَنْ یَّسْتَفِزَّهُمْ مِّنَ الْاَرْضِ فَاَغْرَقْنٰهُ

---

رحمن ہندِ خزانہ۔ تُہہ گَر ہُو کھ تمِ خزانہ بندخرچ کرنکہ خوفہ وَ كَانَ الْاِنْسَانُ قَتُوْرًا یہ انسان چھُو اوسمت ہمیشہ دِل تنگ تہ کنجوس وَ لَقَدْ اٰتَیْنَا مُوْسٰی تِسْعَ اٰیٰتٍۭ بَیِّنٰتٍ تحقیق ییہ کراسہِ موسیٰ علیہ السلامس نَو معجزہ ننِ تہ واضح عطا۔ یمن ہنز ذِکر نُومہِ سپارِہ اندر شیہ مس رکوعس اندر چھہ۔ فَسْــَٔلْ بَنِیْٓ اِسْرَآءِیْلَ تُہہ پرٕ ژھنواز کہ وقتہ کین بنی اسرائیلن تمن آیاتن متعلق۔ یعنی یتھ پاٹھِ توہِ معجزات تہ دلیلہ عطا کرہِ تتھے پاٹھِ چھہ اَسہِ عطا کرہِ مژہ موسیٰ علیہ السلامس تہِ۔ تُہہ پرٕ ژھنواز کہ وقتہ کین عالم بنی اسرائیلن چنانچہ اِذْ جَآءَهُمْ فَقَالَ لَهٗ فِرْعَوْنُ اِنِّیْ لَاَظُنُّكَ یٰمُوْسٰی مَسْحُوْرًا یلہِ موسےٰ کلیم اللہ بنی اسرائیلن تبلیغ کرنہِ آی فرعونس تہ مُکرکھ دوبارہ ییہ تبلیغ۔ فرعون لوگ تمن دپنہِ پنُز پاٹھِ مہِ چھُو بوزنہ یوان تو ہہِ پیٹھ چھُو کُمتانِ جودکورمُت یمہِ سببہ تُہنزِہ عقلہِ پیٹھ چھُو اثر پیومُت۔ یمہِ سببہ تُہہ یمہِ قسمچہ کتھہ چھِوہ کران۔ قَالَ حضرتِ موسیٰ اَن فرمودُس ای فرعون لَقَدْ عَلِمْتَ مَآ اَنْزَلَ هٰۤؤُلَآءِ اِلَّا رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَ الْاَرْضِ بَصَآىِٕرَ تحقیق ژہ چھُکھ دِلہ کِن زانان کہِ یم آیات چھِنہ کانسہِ ہندِہ طرفہ مگر تَس پروردگارہ سندِہ طرفہ یُس آسمانن تہ زمینن ہُند رب چھُو۔ مگر زِیدہ سیتِ چھُکنہ ظاہر کران وَ اِنِّیْ لَاَظُنُّكَ یٰفِرْعَوْنُ مَثْبُوْرًا بوتہِ چھُسٕت ژہ زانان ای فرعون عنقریب تباہ تہ برباد سپدہ ژن۔ چانہ تباہی تہ گلنگ دوہ چھہِ واتمت۔ اوتان اوس موسیٰ کلیم اللہ فرعونس فرماوان کہ بنی اسرائیل مُکرکھ آزاد تمِ تراوُکھ مہِ سیتِ اَسِ نیرو مصرہ اَندرہ۔ اَسِ گژھو ملک شامس کُن۔ مگر سوٗ اوس نہ مانان۔ وونِ ژایہ تمِس نُٹھ حضرتِ موسیٰ ماکرِہ بنی اسرائیلن

وَمَنْ مَّعَهٗ جَمِيْعًا ﴿١٠٣﴾ وَّقُلْنَا مِنْۢ بَعْدِهٖ لِبَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ اسْكُنُوا
الْاَرْضَ فَاِذَا جَآءَ وَعْدُ الْاٰخِرَةِ جِئْنَا بِكُمْ لَفِيْفًا ﴿١٠٤﴾ وَبِالْحَقِّ اَنْزَلْنٰهُ
وَبِالْحَقِّ نَزَلَ ۭ وَمَآ اَرْسَلْنٰكَ اِلَّا مُبَشِّرًا وَّنَذِيْرًا ﴿١٠٥﴾ وَقُرْاٰنًا فَرَقْنٰهُ
لِتَقْرَاَهٗ عَلَى النَّاسِ عَلٰي مُكْثٍ وَّنَزَّلْنٰهُ تَنْزِيْلًا ﴿١٠٦﴾ قُلْ اٰمِنُوْا بِهٖٓ اَوْ

---

اندر قوت وطاقت حاصِل۔ اسہِ سیت کرِن تمِ مقابلہ فَاَرَادَ اَنْ يَّسْتَفِزَّهُمْ مِّنَ الْاَرْضِ تتھ گُن نظر کٔرِ تھ
کور تمِ ارادہ تمِ بنی اسرائیل کڈکھ بوتمہِ شہرہ اَندرہ بودمہ نہ تمن یتھ شہرس اَندر روزہ نے فَاَغْرَقْنٰهُ وَ
مَنْ مَّعَهٗ جَمِيْعًا مگر اَمہِ برونٹھ کیہِ سوٗ کیاسپدِہ ہا پنہ نِس ارادس اندر کامیاب۔ اَسہِ پھاٹوٗ سوٗ بحرِ قلزمس
اندر۔ بیہِ تمِ لٔس سیتِ آسِ ساری اکہ وٹہ وَّقُلْنَا مِنْۢ بَعْدِهٖ لِبَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ اسْكُنُوا الْاَرْضَ بیہِ
فرمووٗ اَسہِ بنی اسرائیلن فرعونہ سندِہ غرق سپدنہ پتہ۔ ای بنی اسرائیلو بسوٗ تُہہ یتھ زمینس اندر تمہِ منزہ
فرعون توہہِ کڈُن یژھان اوس تُہند دشمن گول اَسہِ۔ توہہِ دِیت اَسہِ تہنزِہ غلامی نِشہِ نجات۔ تُہہ چھوہ
وۄنِ تمہِ زمینک مالِک۔ خوش کرِوہ مصرس اندر رُوزِ تو یا شامس اندر۔ یتہ خوش کرِوہ یتہِ بستو۔ مگر یہِ
مالکیت چھہ توہہِ دُنیاچہ زندگی تانی فَاِذَا جَآءَ وَعْدُ الْاٰخِرَةِ جِئْنَا بِكُمْ لَفِيْفًا توپتہ یلہِ آخرِ تک وعدہ واتہِ
یعنی قیامت برپاسپدِہ۔ تُہہ ساری کروہ جمع اِکہ وَٹہ۔ دوست تہِ دشمن تہِ۔ سعید تہ شقی تہِ۔ توپتہ بوزناوو
وۄ اَسِ تُہہ ساری آخری فیصلہ یُس دائمی آسہِ۔ یتھ پاٹھ اَسہِ حضرتِ موسیٰ اَس معجزہ عطا کٔرِ یتھے پاٹھِ
کٔرِ اَسہِ توہہِ تہ معجزات عطا تمو معجزو اَندرہ بوڈ معجزہ چھُو قرآنِ مجید وَبِالْحَقِّ اَنْزَلْنٰهُ وَبِالْحَقِّ نَزَلَ بیہ
کور اَسہِ یہِ قرآنِ مجید توہہِ پیٹھ نازِل پٔزِ پاٹھِ۔ بیہِ ووت تہِ سوٗ قرآنِ مجید توہہِ نِش پٔزِ پاٹھِ۔ منزہ
سپُدس نہ کُنہِ قسمہ کانسہِ ہُند تصرّف یُس تغیر و تبدیل کرِہ ہَس۔ کُنہِ زیادتی یا کمی ورای۔ گوڈہ پیٹھ اند تان
چھُو سوٗ قرآن مجید پوٗزوی پوز وَمَآ اَرْسَلْنٰكَ اِلَّا مُبَشِّرًا وَّنَذِيْرًا بیہِ یتھہ پاٹھِ اَسہِ سوز موسیٰ علیہِ السلام
لُوکن کُن۔ ہدایت اوس نہ تہندِس اختیارس اندر۔ یتھے پاٹھ سوٗ زِوہ اَسہِ تُہہ تہِ صرف لُوکن ایمانس پیٹھ
ثوابچ بشارت تہ خوشخبری بوزناونہ خیطرہ۔ کُفرس تہ نافرمانی پیٹھ عذابک بیم کرنہ خیطرہ۔ وون ہر گاہ
کانہہ شخصاہ ایمان انہِ نہ، یژھ کرِہ نہ متہ کٔر تن تُہند گژھنہ آزردہ تہ غمگین سپُدن وَقُرْاٰنًا فَرَقْنٰهُ لِتَقْرَاَهٗ

لَا تُؤْمِنُوْا ۭ اِنَّ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْعِلْمَ مِنْ قَبْلِهٖٓ اِذَا يُتْلٰى عَلَيْهِمْ
يَخِرُّوْنَ لِلْاَذْقَانِ سُجَّدًا ۙ﴿١٠٧﴾ وَّيَقُوْلُوْنَ سُبْحٰنَ رَبِّنَآ اِنْ كَانَ
وَعْدُ رَبِّنَا لَمَفْعُوْلًا ﴿١٠٨﴾ وَيَخِرُّوْنَ لِلْاَذْقَانِ يَبْكُوْنَ وَيَزِيْدُهُمْ
خُشُوْعًا ﴿١٠٩﴾ قُلِ ادْعُوا اللّٰهَ اَوِ ادْعُوا الرَّحْمٰنَ ۭ اَيًّا مَّا تَدْعُوْا فَلَهُ الْاَسْمَاۗءُ

---

عَلَى النَّاسِ عَلٰى مُكْثٍ وَّنَزَّلْنٰهُ تَنْزِيْلًا بيہ ڇھو قرآنِ مجيد س اندر سوٗ پوز آسنکيو صفتو علاوہ اللہ تعالیٰ ان پنہ فضل ور حمتہ سيتِ تمِ صفت ٿھاوِمتِ ٿمو سيتِ تمکہِ ذريعہ ہدايت بُن زيادہ آسان سپدہ۔ سوٗ گو۔ اسہِ کوريہ نازِل امہِ کين آياتن اَندر ٿھاوٗ اسہِ ڙھين تہ فصل۔ يُٿھ تُھہ لُوکن پيٿھ پران آسِو وارہ وارہ۔ يُٿھ تمِ وارہ بوزان آسَن بيہِ آسيکھ فکرِہ تران۔ کيازِہ مسلسل زيوٗٹھ تقريرِ ڇھو بعضی ذہنو منزہ نيران۔ سوٗ ياد ٿھاوُن ڇھو مشکل گڑھانِ۔ بيہِ کور اَسہِ يہ قرآن مجيد نازِل کم کم وارہ وارہ ترٛوٗہن (٢٣) وَرِين اندر۔ يوٚہے کور اَسہِ نازِل واقعاتو موجب۔ يُٿھ امہ کين معانين ہُند وارہ انکشاف سپدِہ۔ تمِ صِفات آسِ منگان اتھ قرآنِ مجيد س گڑھہ لُوکن ہنز پڑھ کرنِ تہ ايمان اَنُن۔ اَمہِ موجب عمل کرِن۔ ہر گاہ وُوٚنِ باوجودِ آں تمِ ايمان انن نہ پڑھ کرن نہ تُھہ مہٗ حض سپدو آزردہ تہ غمگين تمہِ سيتِ قُلْ اٰمِنُوْا بِهٖٓ اَوْ لَا تُؤْمِنُوْا تُہہ فرماوٗ کھ صاف صاف تُہہ ايمان اَنتو يا متہ اَنتو مہِ ڇھونہ کانہہ پرواہ۔ تو ہہ لُوکو ہر گاہ ايمان اونوہ نہ بدل لُوکھ انن ايمان اِنَّ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْعِلْمَ مِنْ قَبْلِهٖٓ چنانچہ يمن لُوکن اَمہِ قرآنِ مجيد کہِ نازِل سپدنہ بروٚنٹھ دينگ علم عطا کرنہ آمُت ڇھو يعنی اہلِ کتابن ہُندِ منصف علماء اِذَا يُتْلٰى عَلَيْهِمْ يَخِرُّوْنَ لِلْاَذْقَانِ سُجَّدًا يلہِ يہِ قرآنِ مجيد تمن بروٚنٹھکنہِ پرنہ يِوان ڇھو تمہِ ساتہ ڇھہِ تمِ تيتِ متأثر سپدان تمِ ڇھہِ بُتھ رکن وُستھ پيٿھ سجدہ دِوان ہوشگنوٚکن وَّيَقُوْلُوْنَ سُبْحٰنَ رَبِّنَآ بيہ ڇھہِ تمِ پران منزہ تہ پاک ڇھو سون پروردگار وعدہ خلافی نشہ اِنْ كَانَ وَعْدُ رَبِّنَا لَمَفْعُوْلًا بيشک ڇھو سانٛس پروردگارہ سُند وعدہ ضرور پورہ آسان۔ يُس وعدہ تمِ کورمُت اوس بروٚنٹھمين کتابن اندر کہ بوکرہ فلانِ کتاب فلانِ پيغمبرس پيٿھ نازِل۔ سوٗ وعدہ کور تمِ پورہ۔ قرآن مجيد گرن نازِل حضرتِ محمد عربيس پيٿھ۔ وَيَخِرُّوْنَ لِلْاَذْقَانِ يَبْكُوْنَ وَيَزِيْدُهُمْ خُشُوْعًا ہو نگينوٚکن ڇھہِ سجدس منز پيٿھ ودان۔ بيہ ڇھو تمن قرآن مجيد

الْحُسْنٰى ۚ وَلَا تَجْهَرْ بِصَلَاتِكَ وَلَا تُخَافِتْ بِهَا وَابْتَغِ بَيْنَ ذٰلِكَ
سَبِيلًا ﴿۱۱۰﴾ وَقُلِ الْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِي لَمْ يَتَّخِذْ وَلَدًا وَّلَمْ يَكُن لَّهُ
شَرِيكٌ فِي الْمُلْكِ وَلَمْ يَكُن لَّهُ وَلِيٌّ مِّنَ الذُّلِّ وَكَبِّرْهُ تَكْبِيرًا ﴿۱۱۱﴾ ع

---

بوزنہ سیتہِ زیادہ عاجزی تہٕ خشوع پیدہ سپدان۔ اللہ تعالیٰ سندیو نامِ پاکو اَندرہ اوس اللہ زیادہ معروف و مشہور۔ لفظِ رحمان سیتہِ آسِ کھر کھ کھیوان تہٕ ژلان۔ چنانچہ یلہِ تمہِ نبی کریمہ سندِہ زبانِ مُبارکہ بوزان آسِ لفظِ رحمان تمہِ آسِ دپان کہ حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم کیازِہ چھُو آسہِ خدایس ورای بین منگنس منع کران۔ پانہ کیازِہ چھہِ خدایس ورای منگان اتی سپُد یہ آیہ کریمہ نازِل قُلِ ادْعُوا اللّٰهَ اَوِ ادْعُوا الرَّحْمٰنَ اَيًّا مَّا تَدْعُوا فَلَهُ الْاَسْمَاۗءُ الْحُسْنٰى تُہہ فرماویُو کھ یارسول اللہ ای لُوکو تُہہ منگو اللہ تعالیٰ اَس یا اللہ کٔرِتھ تہٕ نتہ یارحمٰن کٔرِتھ تمسند نامِ پاک ہیتھ۔ یمہِ نامِ پاکہ سیتہِ تس منگوِ سو گو تمِس منگُن۔ کیازہ تس چھہِ رتِ رتِ نامِ پاک۔ تمِ دو شوِے نامِ پاک چھہِ اللہ تہٕ رحمان تہٕ تموِ ریتو نامِ پاکو اندرہ۔ اتھ منز چھُنہ شرکک کانہہ تعلق۔ ناوہ وول کنُوی۔ ناو چھِس واریاہ۔ یلہِ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم نمازِہ اندر بڈِہ بڈِہ قرآن آسِ پران۔ مُشرک آسِ قرآن مجیدس جبریل امینس بیہ خدایہ سندِس تہٕ سانس نسبت گستاخی کران بیہ پچھ لفظ استعمال کران۔ اللہ تعالیٰ ان فرموو وَلَا تَجْهَرْ بِصَلَاتِكَ وَلَا تُخَافِتْ بِهَا وَابْتَغِ بَيْنَ ذٰلِكَ سَبِيلًا بیہ حض آسو یارسول اللہ نمازِہ منز بڈِہ بڈِہ قرآنِ مجیدس پران۔ یُس بوزنہ سیتہِ مُشرکن پچھ کتھہ وور نگ موقعہ آسہِ یوان۔ یمہِ سیتہِ نمازگذارن دِل مشوش تہٕ پریشان آسہِ سپدان۔ نہ مہ آسو بالکُل لوت لوت پران یُس نہ نمازگذارن تہٕ بوزُن تگان آسہِ۔ اختیار آسو کران یمن دون حالتن منز درمیانی صورت۔ یعنی نہ زیادہ بڈِہ نہ زیادہ لوتہِ۔ یمہِ سیتہِ فائدہ تہٕ آسہِ واتان۔ مضرتہ نشہِ تہٕ آسو بچان وَقُلِ الْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِي لَمْ يَتَّخِذْ وَلَدًا وَّلَمْ يَكُن لَّهُ شَرِيكٌ فِي الْمُلْكِ وَلَمْ يَكُن لَّهُ وَلِيٌّ مِّنَ الذُّلِّ وَكَبِّرْهُ تَكْبِيرًا بیہ آسو علی الاعلان بیان کران کہِ ساری تعریف اللہ تعالیٰ معبودِ برحقس یس نہ اولاد چھہِ نہ پچِو تہٕ نہ کورِہ۔ نہ چھُو تس مُلکس تہٕ سلطنتس اندر کانہہ تہٕ اکھاہ شریک تہٕ نہ چھہ تس کمزوری سبہ کانسہِ مددگارہ سنز ضرورُت۔ بیہ کٔرو ہز بیان تسند تھزرتہ بجر۔ بوڈزانیون سُوی یوت۔ حدیث شریفس منز چھُو آمُت کہ یلہِ تہندِس خاندانس یعنے بنی عبدالمطلبس اندر کانسہِ لوکٹس زیو یوان آس، تتھ اوس ہیوان کرنہِ تس آسِ پچھناوان یوہے آیہ کریمہ وَقُلِ الْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِي لَمْ يَتَّخِذْ وَلَدًا رواہ ابن السنی فی عمل الیوم واللیلۃ۔

# سُوْرَةُ الْكَهْفِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِيْٓ اَنْزَلَ عَلٰى عَبْدِهِ الْكِتٰبَ وَلَمْ يَجْعَلْ
لَّهٗ عِوَجًا ۱ قَيِّمًا لِّيُنْذِرَ بَاْسًا شَدِيْدًا مِّنْ لَّدُنْهُ وَيُبَشِّرَ
الْمُؤْمِنِيْنَ الَّذِيْنَ يَعْمَلُوْنَ الصّٰلِحٰتِ اَنَّ لَهُمْ اَجْرًا حَسَنًا ۲
مّٰكِثِيْنَ فِيْهِ اَبَدًا ۳ وَّيُنْذِرَ الَّذِيْنَ قَالُوا اتَّخَذَ اللّٰهُ

---

اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِيْٓ اَنْزَلَ عَلٰى عَبْدِهِ الْكِتٰبَ وَلَمْ يَجْعَلْ لَّهٗ عِوَجًا ساری حمد تہ تعریف چھِ ثابت تہ سزاوار تس معبودِ برحقس یمہِ نازِل کور پنہ نس خاص بندس حضرتِ محمدس پیٹھ یہِ کتاب یعنی اعلیٰ تہ اجمل قرآنِ مجید۔ یمہِ تھووُن نہ اتھ کتابہِ اندر کُنہِ قسمہ ہُر اہ۔ ہِچ کتھاہ اتھ منز چھنہ۔ عبارت نہایت فصیح و بلیغ طرزِ بیان نہایت موثر۔ تعلیم نہایت اعلیٰ متوسط تہ معتدل۔ یُوسہ پرِیتھ زمانس اندر پرِیتھ کانسہِ ہندِس طبیعتس موافق و مطابق چھہ۔ افراط و تفریطہٕ نشہِ پاک و صاف قَيِّمًا یُوسہ کتاب بالکل سیٚز تہ مکمل چھہ۔ یتھ منز بندن ہنزہ سارے مصلحتہٕ بیان کرنہ آمژہ چھہ۔ کمہِ کمہِ چیزہ سیتِ سپدِ تھہند معاش و معاد دُرست لِّيُنْذِرَ بَاْسًا شَدِيْدًا مِّنْ لَّدُنْهُ یُتھ سُہ کتاب عموماً کافرن کھوژہ ناوِہ تمہِ سخت عذابہ نِشہِ یُوسہ اللہ تعالیٰ سندہ طرفہ آخرتس منز کافرن واتہ وُن چھُو وَيُبَشِّرَ الْمُؤْمِنِيْنَ الَّذِيْنَ يَعْمَلُوْنَ الصّٰلِحٰتِ اَنَّ لَهُمْ اَجْرًا حَسَنًا * مّٰكِثِيْنَ فِيْهِ اَبَدًا بیہِ یُتھ یہِ قرآن مجید خوشخبری تہ بشارت دیہِ تمن باایمانن یمہِ رژہ عملہ آسِ کران۔ یہے خوشخبری کہ تہندِہ خیطرہ چھہ رژ مزور یعنی جنت تہ جلتچہِ نعمژ۔ تمنی جنتن اندر چھُو روزُن تمن ہمیشہ۔ وَّيُنْذِرَ الَّذِيْنَ قَالُوا اتَّخَذَ اللّٰهُ وَلَدًا بیہِ کرِہ یہِ قرآن مجید بیم تہ کھوژہ ناوِہ تمن لوکن یمہِ ونان چھہِ تہ یمہِ لاگان چھہِ اللہ تعالیٰ اُس اولاد۔ یہِ مضمون آو الگ ونہ بیہ امی موکھ۔ عربس اندر آسِ ساری مُشرِک تہ یہود تہ نصاریٰ تہ اتھ بلایہِ منز مُبتلا۔ مُشرِک آسِ ملائکن خدایہِ سنزہ کورِہ ونان۔ یہود آس ونان حضرتِ عزیر چھُو خدایہِ سُند پُچو۔ نصاریٰ

وَلَدًا ﴿٤﴾ مَا لَهُمْ بِهٖ مِنْ عِلْمٍ وَّلَا لِاٰبَآئِهِمْ ؕ كَبُرَتْ كَلِمَةً
تَخْرُجُ مِنْ اَفْوَاهِهِمْ ؕ اِنْ يَّقُوْلُوْنَ اِلَّا كَذِبًا ﴿٥﴾ فَلَعَلَّكَ
بَاخِعٌ نَّفْسَكَ عَلٰٓى اٰثَارِهِمْ اِنْ لَّمْ يُؤْمِنُوْا بِهٰذَا الْحَدِيْثِ
اَسَفًا ﴿٦﴾ اِنَّا جَعَلْنَا مَا عَلَى الْاَرْضِ زِيْنَةً لَّهَا لِنَبْلُوَهُمْ اَيُّهُمْ
اَحْسَنُ عَمَلًا ﴿٧﴾ وَاِنَّا لَجٰعِلُوْنَ مَا عَلَيْهَا صَعِيْدًا جُرُزًا ﴿٨﴾ ؕ

---

آسِ ونان حضرتِ عیسیٰ جھو خدایہِ سُندِ پُٽو۔ مَا لَهُمْ بِهٖ مِنْ عِلْمٍ وَّلَا لِاٰبَآئِهِمْ اتھ پیٹھ آس نہ تمن ِنِش کا نہ دلیلاہ نہ تھندین مالین بُڈِ ہَن ِنشہِ كَبُرَتْ كَلِمَةً تَخْرُجُ مِنْ اَفْوَاهِهِمْ سیٹھاہ بڈ کتھاہ چھہ یہ یُوسہ نیران آس تھندیو چانٹیو منزہ اِنْ يَّقُوْلُوْنَ اِلَّا كَذِبًا تمِ لُوک چھنہِ ونان یہ کتھ مگر بالکل اپزِ تہ بُہتان۔ فَلَعَلَّكَ بَاخِعٌ نَّفْسَكَ عَلٰٓى اٰثَارِهِمْ اِنْ لَّمْ يُؤْمِنُوْا بِهٰذَا الْحَدِيْثِ اَسَفًا تُہہ چھوِہ تھندِس ایمان نہ انہ نِس پیٹھ یُوت غم کھیوان۔ شاید تہہ ماواتہ ناود پنہ ِنس ذاتِ مُبارکس تکلیف تمن پتھ۔ یمِ کونہ چھہ یتھ کلام پاکس قرآن مجیدس پڑھ کران۔ یہِ چھوِہ تُہہ تھندِس کُفرس پیٹھ اصرار کرنہ کہ سببہ یُوت غمگین کہ معلوم چھُو سپدان تُہہ ماکرِ وارہ پنٕن ذاتِ مُبارک تِمی پتھ افسوسہ ِکن۔ ہرگاہ ئے تمِ قرآنِ مجیدس پڑھ کرِن مَنہ کرِتَن۔ تُہہ مہ حض کھیِہ یُوت غم تُھند۔ یہِ دُنیا چھُو عالم ابتلاء و آزمایش۔ یتھ منز چھہِ اَڈِ لوک کافر اَڈ مُسلمان اِنَّا جَعَلْنَا مَا عَلَى الْاَرْضِ زِيْنَةً لَّهَا لِنَبْلُوَهُمْ اَيُّهُمْ اَحْسَنُ عَمَلًا بیشک اَسہِ کورتہِ سُوروی یہِ یتھ زمینس پیٹھ چھُوامہِ زینگ زینت تہ رونق۔ یتھ اَسِ لُوکن آزمایش کرَو کہ کُہہ اکھاہ چھُو تمو منزہ رٹ عمل کرہ ون۔ کُہہ اکھاہ چھُو اَمہِ زینہ ِکس رونق و زینتس گُن مائل سپدِت عملہ ِنشہِ غافل سپدہ ون۔ آخرت مشراوہ ون۔ اَتھ دُنیاءس پائدار یاہ کینہہ چھنہ۔ یہِ چھُو فانی سپدہ ون غرض یہِ چھُو عالم ابتلاء یتھ منز چھُو کانہہ کافر کانہہ باایمان۔ اَتھ پیٹھ غم کھیون چھُو بے کار۔ تُہہ کرِو پنٕنِ کوم۔ تُہہ مَہ سیٚنوا اَتھ کتھہِ کہِ کافرن کیاہ بنہِ۔ سُو چھہ سانِ کام۔ چنانچہِ اکھ دوہ بنہِ وَاِنَّا لَجٰعِلُوْنَ مَا عَلَيْهَا صَعِيْدًا جُرُزًا اسِ چھہِ تمن سارنی چیزن یمِ اَتھ زمینس پیٹھ چھہِ

اَمْ حَسِبْتَ اَنَّ اَصْحٰبَ الْكَهْفِ وَالرَّقِيْمِ كَانُوْا مِنْ اٰيٰتِنَا عَجَبًا ﴿٩﴾ اِذْ اَوَى الْفِتْيَةُ اِلَى الْكَهْفِ فَقَالُوْا رَبَّنَآ

فنا کرہ وُن۔ اَتھ سارسی زمینس گژھِ صاف میدان بناوہ وُنِ۔ یمہِ دوہہ ساری فناسپدِت دوبارہ بیہ زِندہ کرنہ یِن۔ تو پتہ اِیہِ پرِیتھ اَکس جزا و سزا دِنہ۔ یمہِ یُتھ وومُت آسہِ سو تیتھ لونہ۔ قریشو اَندرہ کنیژ وکافرو پُرژھ یہودن ہندِہ پھچھناونہ سیتِ حضرتِ نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلّم اصحاب کہفن ہُند قصّہ۔ یتھ متعلق چھُ اللہ تعالیٰ اَمہِ پتہ فرماوان اَمْ حَسِبْتَ اَنَّ اَصْحٰبَ الْكَهْفِ وَالرَّقِيْمِ كَانُوْا مِنْ اٰيٰتِنَا عَجَبًا کیاہ تو ہہِ چھُو خیال زِ گوپھہ والِ یمن ہُند ناو آسہِ ترامہ پٹس پیٹھ لیکھنہ آمُت (تمی کِن آسِ تمِی ونان اصحابِ رقیم تہِ۔ رقیم بمعنا مرقوم) تہُند قصہِ کیاہ چھُو سانیو قُدرتہ کیو نشانو اَندرہ زیادہ عجایب۔ یتھ پاٹھِ یہود ونان چھہِ۔ حالانکہِ سانہ قُدرتک باقی نِشانہ تمہِ چھاکینہہ کم تہ معمولی۔ تااینکہ یتھ معمولی قصس متعلق چھہِ تمہِ دریافت کران۔ آسمان و زمین۔ آفتاب تہ زُون۔ دُہ تہ راتھ یِن تہ گژھن۔ یمو نِشانو سیتِ گژھہِ تہنز عبرت رٹنِ۔ حضرتِ ربّ العالمین خالِق موجوداتہ سندِ حقوق یعنی توحید و طاعت گژھہ بجااَنِ۔ تسندین پیغمبرن گژھہِ پژھہ کرنِ۔ خصوصاً پیغمبر آخرُالزمان حضرتِ محمد صلی اللہ علیہ وسلّم تمن گژھہِ پژھ کرِن۔ بہر حال بوزو اصحابِ کہفن ہُند قصّہ۔ شہرِ رومس اندر اوس اکھ بادشاہت پرست۔ سُو اوس زورہ زبردستی لُوکن بُت پرست بناوان۔ امِس پادشہس اوس ناو دقیانوس۔ یتھ پاٹھ بعضی لُوکھ ونان چھہِ۔ اتھِ وقتس اندر پیو کینژن نوجوانن ہندین دِلن اندر یمہِ حکومتہ کین لُوکن سیتِ تعلق تھاوان آس یہِ خیال پیدہ کہِ اَسِ کیازہ کرون اَکس مخلوقہ سندِہ خیطرہ خالِق کائینات ناراض۔ تہُند دِل اوس خدایہ سندِہ خوف و خشتیہ سیتِ، تقوٰے یقینہ سیتِ پُر۔ بیہ اوس دِیتمت اللہ تعالیٰ اَن تمن صبر و استقلالک توکّل۔ تبتّلک توفیق۔ بیہ کرِ اللہ تعالیٰ اَن تہندِ دِل مضبوط۔ تمو دُوپ علی الاعلان سُون رُب چھُو آسمانن زمینن ہُند پروردگار۔ تس ورای انونہ اَسِ ایمان بیہ کانسہِ معبودس۔ پادشہس آو تہنزہ نوجوانی پیٹھ رحم۔ یاسپدِ تس پنن کینہہ مشاغل یا مصلحژ مانع تمہِ کرِن نہ شہید۔ تمن دِژن غور کرنہ خیطرہ مُہلت۔ تمو کورپانہ وانِ مشورہ۔ تُو پتہ سپدِ متفق اَمہِ شہرہ اَندرہ نیرِ نس پیٹھ۔ کُنہِ محفوظ جایہ منز کھٹِت روزنس پیٹھ۔ تی چھُو فرماوان اللہ تعالیٰ اِذْ اَوَى الْفِتْيَةُ اِلَى الْكَهْفِ سُو وقت تہِ چھُو قابلِ ذِکر یلہِ نوجوانن ہنز جماعت آیہ۔ اَکس بیدین ظالم پادشہس نِشہِ ژلِت اَکس گوپھہِ کِن پناہ نِنہ خیطرہ۔ اللہ

اٰتِنَا مِنْ لَّدُنْكَ رَحْمَةً وَّهَيِّئْ لَنَا مِنْ اَمْرِنَا رَشَدًا ﴿۱۰﴾
فَضَرَبْنَا عَلٰٓى اٰذَانِهِمْ فِي الْكَهْفِ سِنِيْنَ عَدَدًا ﴿۱۱﴾
ثُمَّ بَعَثْنٰهُمْ لِنَعْلَمَ اَيُّ الْحِزْبَيْنِ اَحْصٰى لِمَا لَبِثُوْٓا اَمَدًا ﴿۱۲﴾
نَحْنُ نَقُصُّ عَلَيْكَ نَبَاَهُمْ بِالْحَقِّ اِنَّهُمْ فِتْيَةٌ اٰمَنُوْا بِرَبِّهِمْ
وَزِدْنٰهُمْ هُدًى ﴿۱۳﴾ وَّرَبَطْنَا عَلٰى قُلُوْبِهِمْ اِذْ قَامُوْا فَقَالُوْا
رَبُّنَا رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ لَنْ نَّدْعُوَا مِنْ دُوْنِهٖٓ اِلٰهًا لَّقَدْ

---

تعالیٰ اَس مونٛگھ دُعا فَقَالُوْا رَبَّنَآ اٰتِنَا مِنْ لَّدُنْكَ رَحْمَةً ای سانہِ پروردگارہ اَسہِ کر عطا پننہِ طرفہ رحمتُک سامان وَّهَيِّئْ لَنَا مِنْ اَمْرِنَا رَشَدًا بیہ کر سانہ خیطرہ تیار سمہِ سیت اَسِ یتھ کامہِ اندر روزو کامیاب۔ یعنی اَسِ گژھونہ مُشرکن تہ بے دینن ہندس زالس اندر پھَسن۔ اسِ گژھو تہندِہ شرہ نِشہِ محفوظ روزِن فَضَرَبْنَا عَلٰٓى اٰذَانِهِمْ فِي الْكَهْفِ سِنِيْنَ عَدَدًا پَس ژنجہِ ہَن ژنجہِ ہَن دِژ اَسہِ تہندین کَنن پیٹھ نندرِ پاونہ خیطرہ یعنی نِندرِ پاو کھ اتھ گوپھہِ اندر وارِیاہن وَرِیَن۔ ثُمَّ بَعَثْنٰهُمْ لِنَعْلَمَ اَيُّ الْحِزْبَيْنِ اَحْصٰى لِمَا لَبِثُوْٓا اَمَدًا تو پتہ وارِیاہ کال گژھت تُلِ اَسہِ تم۔ نندرہ نِشہِ کُرِ بیدار۔ یتھ ظاہرہ پاٹھ معلوم کرو کہ تمہِ منزہ کوسہ جماعت چھہ تہندِس گوپھہِ منز روزنکس مُدّتس زیادہ یاد تھاوہ وِن۔ کیازِہ تمہِ اندرہ آس اکھ جماعت دپان اَسِ رُودِ یتھ گوپھہِ منز اکھ یا اُوڈ دوہ۔ بیاکھ جماعت آس دَپان تُہندس خدایس چھو معلوم توہہِ کو تاہ کال گووہ یتھ گوپھہِ منز روزان نَحْنُ نَقُصُّ عَلَيْكَ نَبَاَهُمْ بِالْحَقِّ اَسِ کرووہ بیان توہہِ تُہند قصہِ پزِ پاٹھِ اِنَّهُمْ فِتْيَةٌ اٰمَنُوْا بِرَبِّهِمْ وَزِدْنٰهُمْ هُدًى تمِ آسِ نوجوانن ہنز اکھ جماعتھاہ۔ تمو ایمان اوس اُونمت پژھ آسکھ کرمژ پننہ نِس پروردگارس۔ بیہ آس اَسہِ تمن ہدایتس منز زیادتی کرمژ وَّرَبَطْنَا عَلٰى قُلُوْبِهِمْ بیہ آسِ اَسہِ تہند دل صبرہ سیتِ ثابتِ قدمی سیتِ مضبوط کرِمتِ اِذْ قَامُوْا فَقَالُوْا رَبُّنَا رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ یلہِ تم ووتھِ۔ تو پتہ دوپکھ علی الاعلان رُب سون چھو سُوی یُس آسمانن تہ زمینن ہُند رُب چھو لَنْ نَّدْعُوَا مِنْ دُوْنِهٖٓ اِلٰهًا

قُلْنَآ اِذًا شَطَطًا ﴿۱۴﴾ هٰۤؤُلَآءِ قَوْمُنَا اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِهٖۤ اٰلِهَةً ؕ لَوْ
لَا یَاْتُوْنَ عَلَیْهِمْ بِسُلْطٰنٍۭ بَیِّنٍ ؕ فَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰی
عَلَی اللّٰهِ كَذِبًا ؕ﴿۱۵﴾ وَ اِذِ اعْتَزَلْتُمُوْهُمْ وَ مَا یَعْبُدُوْنَ اِلَّا اللّٰهَ
فَاْوٗۤا اِلَی الْكَهْفِ یَنْشُرْ لَكُمْ رَبُّكُمْ مِّنْ رَّحْمَتِهٖ وَ یُهَیِّئْ لَكُمْ
مِّنْ اَمْرِكُمْ مِّرْفَقًا ﴿۱۶﴾ وَ تَرَی الشَّمْسَ اِذَا طَلَعَتْ تَّزٰوَرُ عَنْ

---

لَقَدْ قُلْنَآ اِذًا شَطَطًا بیہ بنہِ نہ ہرگز آسِ کیا کرو تس ورای بیہ کانسہِ معبُودہ سنز پرستش تہ عبادت۔ اگر اسِ تژھ ہش کوم کرو تتھ صورتس منز کرو آسِ سوٗ حرکتھ یُوسہ پزِ نِشِ دور چھہ هٰۤؤُلَآءِ قَوْمُنَا اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِهٖۤ اٰلِهَةً بیہ یُس سون قوم چھُو تمو چھہِ معبُودِ برحق تراوِتھ بدل معبُود مُقرر کرمتہِ۔ بیہ قوم تہ تہند پادشاہ آسِ بُت پرست لَوْ لَا یَاْتُوْنَ عَلَیْهِمْ بِسُلْطٰنٍۭ بَیِّنٍ تِم کونہ چھہِ اتھ بُت پرستی پیٹھ پیش کران کانہہ دلیلاہ۔ یتھ پاٹھِ مُوّحد چھہِ خدایہ سندِس وحدانیتس تہ لاشریک آسنس پیٹھ دلیل پیش کران فَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰی عَلَی اللّٰهِ كَذِبًا وَنِ یلہِ توحید ثابت روشن دلیلو سیتِ چھُو پیس کُہہ اکھاہ چھُو یِژ ظالم تس شخصہ سندِہ خوتہ یُس اپز نوور اوِہ کُنس خدایس پیٹھ شریک ٹھہراونہ سیتِ۔ توپتہ لگِ پانہ وانِ ونہِ وَ اِذِ اعْتَزَلْتُمُوْهُمْ وَ مَا یَعْبُدُوْنَ اِلَّا اللّٰهَ یلہِ تُہہ تمِن لوکن نِشہِ الگ چھُوہ اِعتقادہ کن۔ بیہ چھُوہ تہندین معبودان باطلن نِشہِ تہ الگ پُس پزِہ اَسہِ روزُن جایہِ اندرتہِ تمِن نِشہِ الگ تہ دُور بیہ تہندین معبودان باطلن نِشہِ فَاْوٗۤا اِلَی الْكَهْفِ پس اِیوِ فلان گوپھہِ منز روزُو کھٹِت لوکن نِشہِ۔ محفوظ روزِت کرو فراغتہ سان معبُودِ برحقہ سنز عبادت یَنْشُرْ لَكُمْ رَبُّكُمْ مِّنْ رَّحْمَتِهٖ وَ یُهَیِّئْ لَكُمْ مِّنْ اَمْرِكُمْ مِّرْفَقًا سوٗ پروردگار کرِہ نازِل توہہِ پیٹھ پنِنہ بڈ رحمت۔ بیہ کرِہ تیار تُہندِہ خیطرہ تہنزِہ کامہِ ہنزِہ کامیابی خیطرہ بُوڈ سامان۔ یمہِ خیطرہ یمو دُعا کورمُت اوس۔ امہِ پتہ چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان تمہِ گوپھہِ ہنزِہ جایہِ متعلق سوٗ گوپھ کتھ مُوقعس پیٹھ چھہ محفوظ وَ تَرَی الشَّمْسَ اِذَا طَلَعَتْ تَّزٰوَرُ عَنْ كَهْفِهِمْ ذَاتَ الْیَمِیْنِ بیہ وچھکھ ژہ ای مُخاطب آفتاب یلہِ کھسان چھُو تاپھ

كَهْفِهِمْ ذَاتَ الْيَمِيْنِ وَاِذَا غَرَبَتْ تَّقْرِضُهُمْ ذَاتَ الشِّمَالِ
وَهُمْ فِيْ فَجْوَةٍ مِّنْهُ ذٰلِكَ مِنْ اٰيٰتِ اللّٰهِ مَنْ يَّهْدِ اللّٰهُ فَهُوَ
الْمُهْتَدِ وَمَنْ يُّضْلِلْ فَلَنْ تَجِدَ لَهٗ وَلِيًّا مُّرْشِدًا ﴿۱۷﴾ وَ
تَحْسَبُهُمْ اَيْقَاظًا وَّهُمْ رُقُوْدٌ وَّنُقَلِّبُهُمْ ذَاتَ الْيَمِيْنِ وَ
ذَاتَ الشِّمَالِ وَكَلْبُهُمْ بَاسِطٌ ذِرَاعَيْهِ بِالْوَصِيْدِ لَوِ اطَّلَعْتَ
عَلَيْهِمْ لَوَلَّيْتَ مِنْهُمْ فِرَارًا وَّلَمُلِئْتَ مِنْهُمْ رُعْبًا ﴿۱۸﴾

---

چھُو پیوان تہنزِ ہ گوپھہِ نشہِ ڈلتھ دچھنہِ طرفہ وَاِذَا غَرَبَتْ تَّقْرِضُهُمْ ذَاتَ الشِّمَالِ بیہِ یلہِ آفتاب لو سان چھُو تمہِ ساتہ تہِ چھُو تراوان تمن کھو فرس طرفس کُن تمہِ ساتہ تہِ چھُونہ گوپھہِ ہندِس گلِس پیٹھ تاپھ پیوان یُتھ نہ تمن تاپُک تکلیف واتہِ وَهُمْ فِيْ فَجْوَةٍ مِّنْهُ تمِ اصحابِ کہف چھہِ گوپھہِ ہنزِ ہ اکس کشادہ جایہِ اندر۔ یتھس تمن پُور ہَوا چھُو واتان ذٰلِكَ مِنْ اٰيٰتِ اللّٰهِ بیہِ چھُو خدایہِ سندیو قُدرتہ کیو نشانو اندرہ بوڈ نشانہ کہ یمن اصحابِ کہفن ہندِ ہ تعدادہ کن کم آسنہِ تہ مخالفن ہندِ ہ زیادہ آسنہِ باوجُود لوب تمو ہدایت راہِ راستس کُن۔ اللہ تعالٰی کتھ پاٹھِ چھُو پننہ نین برگزیدہ بندن ظاہری اسابن خِلاف ہمّت واستقلال عطا کران۔ یُس معلوم چھُو یہ مَنْ يَّهْدِ اللّٰهُ فَهُوَ الْمُهْتَدِ یُس سُو وَتھ ہاوِہ سُو چھُو لبان وتھ وَمَنْ يُّضْلِلْ فَلَنْ تَجِدَ لَهٗ وَلِيًّا مُّرْشِدًا بیہِ یُس سُو گمراہ کرِہ وتھ راوِرِہ تسندِ ہ خیطرہ لبہ ہَن نہ ژہ کانہہ مددگار راہ یُس تس وَتھ ہاوِہا وَتَحْسَبُهُمْ اَيْقَاظًا وَّهُمْ رُقُوْدٌ ای مخاطِب ہرگاہ تمن پیٹھ نظر پیِیی ژہ کرکھ خیال کہِ تمِ چھہِ ہُشیار۔ کیازِہ تہنزِ ہ اَچھہ چھہ مُژراوِ تھ درحالیکہ تمِ چھہِ شونگتھ۔ وَّنُقَلِّبُهُمْ ذَاتَ الْيَمِيْنِ وَ ذَاتَ الشِّمَالِ بیہِ چھہِ اسِ تمن کرہ پھِرن دِوان دچھنہِ طرفہ بیہِ کھو فرہِ طرفہ۔ یُتھنہ تمن بدنس پیٹھ زمینُک اثر سپدِ ہ۔ وَكَلْبُهُمْ بَاسِطٌ ذِرَاعَيْهِ بِالْوَصِيْدِ بیہِ چھُو تہند ہُون یُس تمن پتہ پتہ تمن سیتِ درامت اوس بڑھہ زہ پننہ مُژراوِ تھ گوپھہِ ہندِس گلِس پیٹھ۔ یتہِ کور اللہ تعالٰی اَن تہندِ ہ حفاظتُک اکھ سبب۔ لَوِ اطَّلَعْتَ عَلَيْهِمْ لَوَلَّيْتَ مِنْهُمْ فِرَارًا وَّلَمُلِئْتَ مِنْهُمْ رُعْبًا

وَكَذٰلِكَ بَعَثْنٰهُمْ لِيَتَسَآءَلُوْا بَيْنَهُمْ ۭ قَالَ قَآئِلٌ مِّنْهُمْ
كَمْ لَبِثْتُمْ ۭ قَالُوْا لَبِثْنَا يَوْمًا اَوْ بَعْضَ يَوْمٍ ۭ قَالُوْا رَبُّكُمْ
اَعْلَمُ بِمَا لَبِثْتُمْ ۭ فَابْعَثُوْٓا اَحَدَكُمْ بِوَرِقِكُمْ هٰذِهٖٓ
اِلَى الْمَدِيْنَةِ فَلْيَنْظُرْ اَيُّهَآ اَزْكٰى طَعَامًا فَلْيَاْتِكُمْ بِرِزْقٍ
مِّنْهُ وَلْيَتَلَطَّفْ وَلَا يُشْعِرَنَّ بِكُمْ اَحَدًا ⑲
اِنَّهُمْ اِنْ يَّظْهَرُوْا عَلَيْكُمْ يَرْجُمُوْكُمْ اَوْ يُعِيْدُوْكُمْ

ای مخاطِب ہر گاہ ژہ نظر دِکھ تمن کُن پُوت پھیرک ژہ واپس ژلان ژلان۔ بیہ اَیہِ چون دِل برنہ تمِ وچھتِ خوفہ سیتِ۔ وَكَذٰلِكَ بَعَثْنٰهُمْ لِيَتَسَآءَلُوْا بَيْنَهُمْ یتھ پاٹھِ اَسہِ تمن نندر پاو، زیٹھ نندر۔ پتہ قدرتہ سیتِ یتھے پاٹھِ کُر اَسہِ تمِ بیدار۔ وِزہ ناوِ اَسہِ تمِ زِ پچھِ نندِ رہ نشہِ یُتھ تمِ پانہ وانِ اکھ اکس پرِ ژھن گوپھِ منز کیتس کالس رُودِ تمِ قَالَ قَآئِلٌ مِّنْهُمْ كَمْ لَبِثْتُمْ چنانچہِ تمو اَندرہ اکِ شخصن وون باقین کہِ اَسہِ کوت کال گو یتھ گوپھِ اندر روزان۔ قَالُوْا لَبِثْنَا يَوْمًا اَوْ بَعْضَ يَوْمٍ تمو دوپ اکس دوہس یا اڈس دوہس آسو رودمتِ۔ تو پتہ پیکھ نظر پتہ نین نمن نہ زالن کُن تمِ وچھکھ سیٹھاہ زِیٹھمتِ۔ حیران گئے قَالُوْا رَبُّكُمْ اَعْلَمُ بِمَا لَبِثْتُمْ دپنہِ لگِ تہندِ س خدا ئیسی چھُو معلوم صحیح تُہہ کیتس کالس چھوہ یتھ گوپھِ منز رُودمتِ۔ یہِ اختلاف تراوِو۔ وونِ کرِو کھینہ چینک کانہہ انتظام فَابْعَثُوْٓا اَحَدَكُمْ بِوَرِقِكُمْ هٰذِهٖٓ اِلَى الْمَدِيْنَةِ فَلْيَنْظُرْ اَيُّهَآ اَزْكٰى طَعَامًا پھس سوزیون اکھ شخصاہ یتھ شہرس کُن یہِ روپےِ ہیتھ۔ سُو وچھنِ کس شخص نِشہِ آسہِ پاک وپاکیزہ رُت حلال غذا فَلْيَاْتِكُمْ بِرِزْقٍ مِّنْهُ وَلْيَتَلَطَّفْ سُو شخص اَنِنِ شہرہ منزہ کینہہ کھینہ چیز اہ یہِ ساری کوم کرِن سُورتہِ تدبیرہ سان وَلَا يُشْعِرَنَّ بِكُمْ اَحَدًا بیہِ یُتھنہ سُو شخص کانسہِ اکس تُہند نیب دیہِ اِنَّهُمْ اِنْ يَّظْهَرُوْا عَلَيْكُمْ يَرْجُمُوْكُمْ اَوْ يُعِيْدُوْكُمْ فِيْ مِلَّتِهِمْ وَلَنْ تُفْلِحُوْٓا اِذًا اَبَدًا بیشک یمہِ شہرکِ لُوکھ تمِ چھِ ہرگاہ تمن تہند پتہ لگہِ تمِ مارن توہہِ کنو سیتِ۔ نتہ پھرہ نوہ توہہِ جبراً پننہ نِس دینس کُن۔ تتھ صُورتس

فِيْ مِلَّتِهِمْ وَلَنْ تُفْلِحُوْٓا اِذًا اَبَدًا ۝٢٠ وَكَذٰلِكَ اَعْثَرْنَا
عَلَيْهِمْ لِيَعْلَمُوْٓا اَنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ وَّاَنَّ السَّاعَةَ لَا
رَيْبَ فِيْهَا ۚ اِذْ يَتَنَازَعُوْنَ بَيْنَهُمْ اَمْرَهُمْ فَقَالُوا ابْنُوْا

---

منجهيڪو نه ٿيا ڇا ناهه ڪامياب سپڙ ٿيا وَكَذٰلِكَ اَعْثَرْنَا عَلَيْهِمْ ۽ پاڻ ڪري اسان پنهنجي قدرت ۽ حڪمت سيتِ مطلع ٿيندس حالس پيٺ تمهِ زمانڪ لوڪ. ڪياڙه تمو منجهه يلهِ سُواکهه شخص امهِ شهره ڪس بازرس منزووت کهڻه چيز مٺولِ هنه خيطره. وانه والس دڪاندارس ڏيت تمِ طعامڪ قيمت. سو آس دقيانوسي روپي. دقيانوس پادشهه سندهِ وقته پيٺ اوس وارياه ڪال گوڻت. وارياه پادشاه آسِ اٿه وقتس تانِ بدليمت. سُو دڪاندار گو حيران پرانه ورچ روپي ڏڇهت. تمِ پُر ڙهُس ڙيهِ گتهِ پڇے انمڙ يهِ روپي. ڙيه آسي گهرس منز خزانه درامُت. سُو گو حيران يه ڪياه ڇهُومهِ ونان. تمِ دوپُس مهِ ڇهه اوتره مال سندِه گرهِ پانس سيتِ خرچهِ خيطره ٿجُمڙ. يه روپي. ڙه ڪياه ڇهُڇهِ مهِ ونان. يُهند يه گفتگو بُوز ٻيو لوڪو. يڪدم گئيهِ سارسي بازرس اچِ خبر. واتان واتان واڙيه خبر پوليس ٿهانس تانِ. تموڪوريهِ شخص گرفتار. پُر ڙهه هَس مالس ڪياه ڇهُوي ناو. تمِس زانهانهِ امهِ وقته ڪيولو ڪوانڊره ڪانهه تهِ. تو پته يلهِ تموسُو سخت تنگ ڪور. تمِ دوپُڇهه مهِ نيو دقيانوس پادشهس نشهِ تمِس ڇهه ميانهِ حالچ خبر. تمِسِ آسِ تقريباً تره هٿهه وري گامتِ مُوتِس. لوڪو هتِس ٺُڪه ڪرنِ. واتان واتان ووت يه قِصّه امهِ وقته ڪس پادشهس نشهِ. تس نشهِ ته وون امِ شخصن بُوهے قصهِ. پادشهن ڪر جمع پننِ ساري اهلِ ڪار ته تمهِ شهرڪِ رئيس لوڪ تمِ ساري هيٿه آوسُوا ٿهه گوپهِ نشهِ. يته امسندِ باقي رفيق آسِ. پادشهن ڪڏه ناو سُو ترامهِ پٽ شاهي خزانه منزه ييٿه پيٺ تمن ساري هندِ ناو آسِ مع ولديت کهنه آمت. سُو ترامهِ پٽ اڻ پانس سيت لِيَعْلَمُوْٓا اَنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ يُتهِ لوڪ زانن ڪه پرزِ پاٺِ خدايهِ سند وعده ڇهُو حق ته پوز. يُس تمِ مرنه پته بيهِ زنده سپد نس متعلق ڪورمُت ڇهُو وَّاَنَّ السَّاعَةَ لَا رَيْبَ فِيْهَا بيهِ يُتهِ لوڪ زانن ڪه قيامته ڪس يُنس منز ڇهُونه ڪانهه شڪها اِذْ يَتَنَازَعُوْنَ بَيْنَهُمْ اَمْرَهُمْ يهِ ڪٿهه ته ڇهه قابل ذِڪر يلهِ تمهِ وقتڪ لوڪ ٿهندِس مُعاملس منز آسِ پانه وانِ قضيه ته تنازعه ڪران. بعضي آسِ ونان امهِ گوپهِ هُند گول گرو بند يُتهِ بدن تمن اصحاب ڪهفن هندِ محفوظ روزن. ٿهندِس يادگارس منز بناوُوا ٿهه گوپهِ سيتِ اکه مسجداه يُتهِ منز لوڪ خدايهِ سنز عبادت

عَلَيْهِمْ بُنْيَانًا ؕ رَبُّهُمْ اَعْلَمُ بِهِمْ ؕ قَالَ الَّذِيْنَ غَلَبُوْا
عَلٰٓى اَمْرِهِمْ لَنَتَّخِذَنَّ عَلَيْهِمْ مَّسْجِدًا ﴿۲۱﴾ سَيَقُوْلُوْنَ
ثَلٰثَةٌ رَّابِعُهُمْ كَلْبُهُمْ ۚ وَيَقُوْلُوْنَ خَمْسَةٌ سَادِسُهُمْ كَلْبُهُمْ
رَجْمًۢا بِالْغَيْبِ ۚ وَيَقُوْلُوْنَ سَبْعَةٌ وَّثَامِنُهُمْ كَلْبُهُمْ ؕ قُلْ
رَّبِّيْٓ اَعْلَمُ بِعِدَّتِهِمْ مَّا يَعْلَمُهُمْ اِلَّا قَلِيْلٌ ۬ فَلَا تُمَارِ فِيْهِمْ

---

كران آئن. يه گوتي وقت ۾ لوڪ آءِ مرڻ پڄاڻان جيئرو ٿيڻ جي مسئلي ۾ اختلاف ڪندا هئا. الله تعاليٰ ان ڪري اصحاب ڪهف جو واقعو ظاهر ڪيو ته مسئلي ۾ فيصلو ٿئي. چنانچه اڪثر لوڪن کي يقين آيو ته مرڻ پڄاڻان جيئرو ٿيڻ حق آهي. فَقَالُوا ابْنُوْا عَلَيْهِمْ بُنْيَانًا پس ڪن ماڻهن چيو ته انهن جي غار تي هڪ عمارت ٺاهيو رَبُّهُمْ اَعْلَمُ بِهِمْ انهن جو پروردگار انهن جي حالتن کي چڱيءَ طرح ڄاڻي ٿو قَالَ الَّذِيْنَ غَلَبُوْا عَلٰٓى اَمْرِهِمْ لَنَتَّخِذَنَّ عَلَيْهِمْ مَّسْجِدًا بالآخر جن ماڻهن جي راءِ غالب هئي سي اهل حڪومت هئا. انهن چيو ته اسين انهن جي غار وٽ هڪ مسجد ٺاهينداسين ته اها مسجد انهن جي يادگار رهي ۽ ماڻهو سمجهن ته اصحاب ڪهف خدا جا خاص بندا هئا ۽ خدا جي عبادت ڪندا هئا. تان ته ڪو انهن کي معبود نه بڻائي سَيَقُوْلُوْنَ ثَلٰثَةٌ رَّابِعُهُمْ كَلْبُهُمْ وَيَقُوْلُوْنَ خَمْسَةٌ سَادِسُهُمْ كَلْبُهُمْ رَجْمًۢا بِالْغَيْبِ جنهن وقت اصحاب ڪهف جو قصو بيان ٿيو ان وقت ماڻهن ۾ انهن جي تعداد بابت اختلاف هو. ڪي چوندا هئا ته اصحاب ڪهف ٽي ڄڻا ۽ چوٿون ڪتو هو ۽ ڪي چوندا هئا ته پنج ڄڻا ۽ ڇهون ڪتو هو. مگر انهن ٻنهي جماعتن جو چوڻ بي دليل ۽ بي تحقيق هو. يه گونشانو ڦٽو ڪرڻ جهڙو آهي وَيَقُوْلُوْنَ سَبْعَةٌ وَّثَامِنُهُمْ كَلْبُهُمْ ڪي چون ٿا ته اهي ست ڄڻا ۽ اٺون ڪتو هو قُلْ رَّبِّيْٓ اَعْلَمُ بِعِدَّتِهِمْ مَّا يَعْلَمُهُمْ اِلَّا قَلِيْلٌ چئو ته اي رسول الله صلي الله عليه وسلم منهنجو پروردگار انهن جي تعداد کي وڌيڪ ڄاڻي ٿو. انهن جو صحيح تعداد ڪي ٿورا ماڻهو ڄاڻن ٿا. حضرت عبدالله بن عباس فرمايو ته آءٌ انهن ٿورن ماڻهن مان هڪ آهيان.

إِلَّا مِرَآءً ظَاهِرًا ۖ وَّلَا تَسْتَفْتِ فِيهِم مِّنْهُمْ أَحَدًا ﴿٢٢﴾
وَلَا تَقُولَنَّ لِشَايْءٍ إِنِّي فَاعِلٌ ذَٰلِكَ غَدًا ﴿٢٣﴾ إِلَّا أَن يَشَآءَ
اللَّهُ ۚ وَاذْكُر رَّبَّكَ إِذَا نَسِيتَ وَقُلْ عَسَىٰ أَن يَهْدِيَنِ
رَبِّي لِأَقْرَبَ مِنْ هَٰذَا رَشَدًا ﴿٢٤﴾ وَلَبِثُوا فِي كَهْفِهِمْ
ثَلَاثَ مِائَةٍ سِنِينَ وَازْدَادُوا تِسْعًا ﴿٢٥﴾ قُلِ اللَّهُ أَعْلَمُ بِمَا

---

مه ڇھو معلوم تم کتري نفر آسِ۔ تمِ آسِ ستھ نفر۔ او ٺھم او سُکھ ھُون کیا زِه اتھ قولس فرموونہ اللہ تعالیٰ ان رجما بالغیب فَلَا تُمَارِ فِيهِمْ إِلَّا مِرَآءً ظَاهِرًا پس مهِ ھزکر و بحث تمن اصحابِ کہفن متعلق مگر سرسری پاٹھِ۔ زیادہ مه سنو اُتھ اندر وَّلَا تَسْتَفْتِ فِيهِم مِّنْهُمْ أَحَدًا بیہ مه حض پرڈھو یمن اصحابِ کہفن ھُند کانسہِ اکس لوکو اُندرہ۔ یھندِہ تعداڈک تحقیق کرنس اندر تہ چھُونہ کانہہ فائیدہ۔ نہ کانہہ اہم مطلباہ۔ ایڈہن اتھ متعلق خداین بیان فرموو تیڑ ہن چھہ کافی۔ مُشرکو پُرڈھ حضرتِ نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم یہو ڈن ھندِہ تحریکہِ سیتِ اصحابِ کہفن ھُند قِصہّ۔ تمو فرمووہکھ پگاہ ونووہ امیُک جواب انشاء اللہ فرموُکھ نہ اتھ سیتِ کینہہ تہِ۔ خیال کورُکھ کہ جبریلِ امین ایہِ تس پرڈھو تمہِ پتہ ونو یمن لوکن جواب جبریلِ امین اوس نہ یوان پانے پننہِ خواہشہِ۔ سُو اوس یوان خدایہِ سندی حُکمہِ۔ امہِ پتہ آونہ جبریل امین پندہن دوہن تانِ کینہہ۔ نبی کریم سپدِ سیٹھاہ غمگین تہ پریشان۔ پندہہِ دُہہِ آو جبریلِ امین یہ آئیہ کریمہ ہیتھ۔ وَلَا تَقُولَنَّ لِشَايْءٍ إِنِّي فَاعِلٌ ذَٰلِكَ غَدًا * إِلَّا أَن يَشَآءَ اللَّهُ بیہ مه حض آسِو کُنہِ چیزہ خیطرہ ونان بہ کرہ یہ کوم پگاہ۔ مگر آسِو تتھ سیتِ ونان انشاء اللہ۔ یو ڈھے خداین وَاذْكُر رَّبَّكَ إِذَا نَسِيتَ بیہ یلہِ توہہِ اتفاقاً انشاء اللہ پرن مشت آسہِ گژھان تو پتہ آسہِ کُنہِ ساتہ تُہہ یاد پیوان تمی ساتہ گژھہ تہند اِنشاء اللہ پرن وَقُلْ عَسَىٰ أَن يَهْدِيَنِ رَبِّي لِأَقْرَبَ مِنْ هَٰذَا رَشَدًا بیہ ونو کہ مهِ چھہ امیدکہِ میون پروردگار ہاوِہ مهِ وتہ اصحاب کہفن ھندِہ قِصہّ خوتہ کُنہِ نزدیک اُمرس کُن یُس نبوتچ دلیل بننہ خیطرہ زیادہ مُفید آسہِ وئنِ اوس بیاکھ مسئلہ کہِ تمِ اصحاب کہف کتیس کالس رُودِ اتھ

لَبِثُوْا ۚ لَهٗ غَيْبُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۭ اَبْصِرْ بِهٖ وَاَسْمِعْ ۭ مَا لَهُمْ مِّنْ دُوْنِهٖ مِنْ وَّلِيٍّ ۡ وَّلَا يُشْرِكُ فِيْ حُكْمِهٖٓ اَحَدًا ﴿٢٦﴾ وَاتْلُ مَآ اُوْحِيَ اِلَيْكَ مِنْ كِتَابِ رَبِّكَ ۭ لَا مُبَدِّلَ لِكَلِمٰتِهٖ ۚ قف

غار س اندر۔ تنھ متعلق ڇھو الله تعاليٰ فرماوان وَلَبِثُوْا فِيْ كَهْفِهِمْ ثَلٰثَ مِائَةٍ سِنِيْنَ وَازْدَادُوْا تِسْعًا
بيهِ ٿيھ پاڙهِ اصحابِ ڪهف هندِ س تعداد س پيٺھ لوڪن اختلاف اوس ٿيھ پاڙهِ اوس لوڪن اختلاف تهنزِ ه
گوپهِ اندر نندرِ ه هندِ س مُدتس اندر ائسِ ڇهِ بيان کران امرِ واقعي سُو گواي کهِ رُودِ اصحاب کهف اتھ
گوپهِ اندر شونهٽ ترين هٿن وَرهن۔ بيهِ هره راوِ هس نوورِي سُو گوترن ورهن ته نون وَرِهن قُلِ اللّٰهُ
اَعْلَمُ بِمَا لَبِثُوْا تُهه فرماوِيُو کهِ يا رسول الله صلي الله عليه وسلم الله تعاليٰ ي ڇهه زياده اڇِ خبر الله تعاليٰ
اس گرٺهنا پُور خبر آسن لَهٗ غَيْبُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ کيازِه تَمسِ ڇھو آسمان وزمين هندين سارني
پُوشيده حالاتن هُند علم اَبْصِرْ بِهٖ وَاَسْمِعْ کوتاه زياده وڇهه وُن ڇھو سُو۔ کوتاه زياده بوزه وُن ڇھو سُو۔
سُبحان الله۔ کانهه کتهاه ڇهالتس نِشهِ کهٽِت ته پوشيده۔ هرگاه کانهه شخصاه تسندِ س علمِ محيطس سيتِ معارضه
گرِه سُو ڇھو مُستحق سزا و عذاب۔ سزادِ نکه وقته هيکهِ نه کانهه اکهاه تمن ڪنهِ قسمه مددگرِ تھ مَا لَهُمْ مِّنْ
دُوْنِهٖ مِنْ وَّلِيٍّ کانهه اکهاه ڇھونه تمولوکو منزه آسمان وزمينه کيو مخلوقو منزه تس اَکِس معبودِ برحقس
ورايَ اختيارِه وول نه کانهه مالک۔ وَّلَا يُشْرِكُ فِيْ حُكْمِهٖٓ اَحَدًا بيهِ ڇھونه سُو معبودِ برحق سيتِ رٿان،
شريک تهاوان کانسهِ اکِس نه عالم علويکو مخلوقو اندره نه عالم سفلي کيو مخلوقو اندره۔ يعني نه کانسهِ ملکِ
مُقربس۔ نه کانسه نبي مُرسلس پنه نِس حُکمس اندر شريک رٿان۔ لهذا تِتهس جليل القدر عاليشان
پادشهس گوڑهه سخت کهوژُن۔ تهندِ ه مخالفته ته نافرماني نِشهِ گوڑهه سيٺهاه پٿھ روزُن وَاتْلُ مَآ اُوْحِيَ
اِلَيْكَ مِنْ كِتَابِ رَبِّكَ تُهنز کوم ڇهه صرف يِهي کهِ تُهه پرِيو پنه نِس پروردگاره سنز سئو کتاب
يُوسه نازِل آيه کرنه توهِهِ ڪُن بطريقِ وحي۔ فکرِ مه آسيو کران بڈين بڈين لُوکن هندِ س مخالفت کرنس
سُٗن۔ تهنزِ ه مخالفته سيتِ ماسپدِ ه دينچهِ ترقي کرنس اندر کانهه رُکاوَٹ۔ دِينچهِ ترقي هُند ڇھو اَسهِ توهِهِ سيتِ
وعده کورمُت۔ لهذا رُوزِ و تُهه مطمئن لَا مُبَدِّلَ لِكَلِمٰتِهٖ کانهه اکهاه ڇھونه ادله بدل کره وُن تهندين حُکمن
وعدن۔ وونِ هرگاه تُهه کافرن هنز دل جوئي کرِ و تمهِ سيتِ احکامِ الٰهي متروک سپد نُک امکان سپدِ ه تلهِ

وَلَنْ تَجِدَ مِنْ دُوْنِهٖ مُلْتَحَدًا ﴿٢٧﴾ وَاصْبِرْ نَفْسَكَ مَعَ الَّذِيْنَ
يَدْعُوْنَ رَبَّهُمْ بِالْغَدٰوةِ وَالْعَشِيِّ يُرِيْدُوْنَ وَجْهَهٗ
وَلَا تَعْدُ عَيْنٰكَ عَنْهُمْ ۚ تُرِيْدُ زِيْنَةَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ۚ وَ
لَا تُطِعْ مَنْ اَغْفَلْنَا قَلْبَهٗ عَنْ ذِكْرِنَا وَاتَّبَعَ هَوٰىهُ وَكَانَ
اَمْرُهٗ فُرُطًا ﴿٢٨﴾ وَقُلِ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّكُمْ ۗ فَمَنْ شَآءَ فَلْيُؤْمِنْ

---

ڇھو تهندِ خيطره معامله سيٺاه مشڪل۔ وَلَنْ تَجِدَ مِنْ دُوْنِهٖ مُلْتَحَدًا تہ صورتس اندر لبهونه تُهه کانه ڇھپن جاياه پناہچ جاياه تس وراى۔ نبی کریم صلی الله علیه وسلمن ہُند کافرن ہنز دلجوئی احکام الٰہین مقابله کرن ڇھو شرعی دلیلو سیتِ محال۔ يہ آو بيان کرنه صرف تمہ موکھ امیگ اثر ڇھوا می قسمک وَاصْبِرْ نَفْسَكَ مَعَ الَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ رَبَّهُمْ بِالْغَدٰوةِ وَالْعَشِيِّ يُرِيْدُوْنَ وَجْهَهٗ تہ پاٹھ حُکم آو کرنه حضرتِ نبی کریمس صلی الله علیه وسلمن کہِ کافرن سیتِ مه تھاوِو تعلق یتھے پاٹھ آکھ حُکم کرنه مسلمان فقیرن ژن زیاده التفات و توجه کرنگ۔ یہ تھاوِو ہز زوره پنُن ذاتِ مُبارک تمی لوکن سیتِ یم صبح و شام یعنی ہمیشه پننہ نس پروردگاره سنز عبادت ڇھہِ کران۔ یم ژھانڈان تہندی رضا ڇھہ وَلَا تَعْدُ عَيْنٰكَ عَنْهُمْ يہ مه ڈلن تُهند نظرِ مُبارک تمن نشہِ یعنی تم تھاویو کھ ہمیشه زیرِ نظر۔ تُرِيْدُ زِيْنَةَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا تُہہ ڇھوه دُنیاچہِ زندگی ہُند زینت ژھانڈان۔ توہہِ پزِہ نہ تہِ کرن وَ لَا تُطِعْ مَنْ اَغْفَلْنَا قَلْبَهٗ عَنْ ذِكْرِنَا وَاتَّبَعَ هَوٰىهُ وَكَانَ اَمْرُهٗ فُرُطًا تُہہ مه حض مانو تمن لوکن ہنزه کتھ۔ فقیر باایمان الگ کرنس متعلق۔ یمن ہندِ دل آسہِ بطور سزا اچھ غافل کرمت پننہِ ذکره نشہِ پننہِ یاده نشہ تمہِ سببہ تمو دین حق قبول کورنه۔ یہ تم پننہ نین نفسہ چَن خواہش ہنز پیروی کران ڇھہِ۔ یہ تمن ہُند حال اتباع ہوا کرنس اندر حدّه خوتہ زیاده سپدُمت ڇھو۔ یعنی نفسہ چہ خواہشہ ہنز پیروی کرنس اندر ڇھہِ تم حدّه ڈلمتِ۔ تہنزنی کتھن شُو بیاکن تھاون۔ بلکہ شوبن تم پانس نشہِ دفع کرنِ وَقُلِ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّكُمْ يہ فرماویُو کھ تُہہ یا رسُول الله صلی الله علیه وسلم تمن کافرن صاف پاٹھ یہ دینِ حق ڇھو تُہندِ س

وَّمَنْ شَآءَ فَلْيَكْفُرْ ۚ اِنَّآ اَعْتَدْنَا لِلظّٰلِمِيْنَ نَارًا
اَحَاطَ بِهِمْ سُرَادِقُهَا ۭ وَاِنْ يَّسْتَغِيْثُوْا يُغَاثُوْا بِمَاۗءٍ
كَالْمُهْلِ يَشْوِي الْوُجُوْهَ ۭ بِئْسَ الشَّرَابُ ۭ وَسَاۗءَتْ مُرْتَفَقًا ﴿۲۹﴾
اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ اِنَّا لَا نُضِيْعُ اَجْرَ مَنْ
اَحْسَنَ عَمَلًا ﴿۳۰﴾ ۚ اُولٰۗىِٕكَ لَهُمْ جَنّٰتُ عَدْنٍ تَجْرِيْ مِنْ

---

پروردگاره سندِہ طرفہ ئُیں مہِ توہہِ نِش واتہ نوو۔ فَمَنْ شَآءَ فَلْيُؤْمِنْ وَّمَنْ شَآءَ فَلْيَكْفُرْ وڏنِ
ئُیں اکھاہ یڑھہِ سُوکَرن پڑھہ۔ سُوانِ ایمان۔ ئُیں اکھاہ یڑھہِ سُو رُوزِن کُفر سی پیٹھ۔ اَسہِ چھُونہ تتھ اندر نہ
کانہہ نفع نہ کانہہ نقصان۔ بلکہ ایمان انہ نک نفع چھُو توہہِ پانس۔ ایمان نہ انہ نک، کُفر سی پیٹھ روزِ نک
نقصان تہ ضرر تہِ چھُو توہہِ پانس۔ اِنَّآ اَعْتَدْنَا لِلظّٰلِمِيْنَ نَارًا اَحَاطَ بِهِمْ سُرَادِقُهَا بیشک اَسہِ
چھُو ظالمن یعنی بے ایمانن پڑھہ نہ کرہ وِنین ہندِہ خیطرہ سُو نار جہنّم تیار تھوومُت یمہ چہ لبہ تہ دیوار آسن
تمن کافرن پڑتھ طرفہ احاطہ کَرت کانہہ وتھاہ آسہِ نہ تمن ژلہ نَس۔ وَاِنْ يَّسْتَغِيْثُوْا يُغَاثُوْا
بِمَاۗءٍ كَالْمُهْلِ يَشْوِي الْوُجُوْهَ بیہ ہرگاہ تمِ تریشہِ دودسہ موکھ فریادوزاری کرن۔ تہنز فریادرسی سپدِہ
تمہِ آبہ سیتِ ئُیں سیاہ پکلمِ ہیُو آسہِ۔ گرم آسہِ تیوت ئُیں دُوری زالہِ تُھند بُتھ۔ حدیث شریفس منز چھُو
آمُت کہ بُتھیک سو رُوی والہ پیٹھ ہرُت تمکہِ بہہ سیتِ۔ بِئْسَ الشَّرَابُ کوتاہ یچھ تہ ناکارہ آسہِ یہِ
چنہ چیز (پناہ بخدا) تہندِہ خیطرہ وَسَاۗءَتْ مُرْتَفَقًا بیہ کاژاہ یچھ جای چھہ جہنّم تہندِہ روزنہ خیطرہ (الٰہی
نجات) یہِ گو ایمان نہ انہ وِنین ہندِہ ضرُرک حال۔ اَمہ پتہ چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان باایمانن ہندِہ نفع تہ
فائدُک حال اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ اِنَّا لَا نُضِيْعُ اَجْرَ مَنْ اَحْسَنَ عَمَلًا پٔزِ پاٹھہِ یمو
لُوکو ایمان اون بیہ کَرکھ رژہ عملہ۔ پٔزِ پاٹھہِ اسِ گرُونہ تمن لوکن ہنز مزُورِ ضایع یمِ جان کوم تہ رژ عمل
کرن اُولٰۗىِٕكَ لَهُمْ جَنّٰتُ عَدْنٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهِمُ الْاَنْهٰرُ تمنی لوکن ہندِہ خیطرہ چھہِ ہمیشہ
روزِنک باغ یمو منزہ کولہ تہ جوییہ آسَن پکان۔ يُحَلَّوْنَ فِيْهَا مِنْ اَسَاوِرَ مِنْ ذَهَبٍ تمنی جنتن

تَحۡتِهِمُ الۡاَنۡهٰرُ يُحَلَّوۡنَ فِيۡهَا مِنۡ اَسَاوِرَ مِنۡ ذَهَبٍ وَّ
يَلۡبَسُوۡنَ ثِيَابًا خُضۡرًا مِّنۡ سُنۡدُسٍ وَّاِسۡتَبۡرَقٍ مُّتَّكِـِٕيۡنَ
فِيۡهَا عَلَى الۡاَرَآٮِٕكِ‌ؕ نِعۡمَ الثَّوَابُ‌ؕ وَحَسُنَتۡ مُرۡتَفَقًا ﴿۳۱﴾ وَاضۡرِبۡ
لَهُمۡ مَّثَلًا رَّجُلَيۡنِ جَعَلۡنَا لِاَحَدِهِمَا جَنَّتَيۡنِ مِنۡ اَعۡنَابٍ
وَّحَفَفۡنٰهُمَا بِنَخۡلٍ وَّجَعَلۡنَا بَيۡنَهُمَا زَرۡعًا ؕ ﴿۳۲﴾ كِلۡتَا الۡجَـنَّتَيۡنِ
اٰتَتۡ اُكُلَهَا وَلَمۡ تَظۡلِمۡ مِّنۡهُ شَيۡـًٔـا‌ ۙ وَّفَجَّرۡنَا خِلٰلَهُمَا نَهَرًا ۙ ﴿۳۳﴾
وَّكَانَ لَهٗ ثَمَرٌ‌ ۚ فَقَالَ لِصَاحِبِهٖ وَهُوَ يُحَاوِرُهٗۤ اَنَا

---

اندر آسہِ تِمن لوکن زیور گنڈنہ یوان سونہ سُند کَرِ وَّیَلۡبَسُوۡنَ ثِيَابًا خُضۡرًا مِّنۡ سُنۡدُسٍ وَّاِسۡتَبۡرَقٍ بیہ لاگن تِم پوشاک سبز جامن ہُند۔ یُس زاوِل پاٹیگ تہ وَٹھِ پاٹیگ آسہِ نپہ کرہ دِن مُّتَّكِـِٕيۡنَ فِيۡهَا عَلَى الۡاَرَآٮِٕكِ تِمن جنتن اندر آسن تکیہ دِتھ پلنگن پیٹھ بہتھ۔ نِعۡمَ الثَّوَابُ‌ وَحَسُنَتۡ مُرۡتَفَقًا کیاہ رُت ثَواباہ چھُو یہِ کیاہ رَژ مزر دِیاہ چھِہ یہِ۔ بیہِ کاژاہ آرام و آسایشہ ہنز جای چھِہ یہِ جنّت وَاضۡرِبۡ لَهُمۡ مَّثَلًا رَّجُلَيۡنِ بیہِ فرماوِیُو کھ تُہہ یا رسُول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم دُنیا چہِ بے ثباتی تہ بے اعتباری تہ آخرتچہِ باقی پائداری پیٹھ مِثال دون شخصن ہنز جَعَلۡنَا لِاَحَدِهِمَا جَنَّتَيۡنِ مِنۡ اَعۡنَابٍ وَّحَفَفۡنٰهُمَا بِنَخۡلٍ وَّجَعَلۡنَا بَيۡنَهُمَا زَرۡعًا اَکِس شخصس آسِ دِتمتِ اَسہِ زہ باغ دچھہ کُلین ہنز۔ تِمن اَندِ اَندِ آسِ خضر کُلِ۔ منزہ اوُس زراعت تہِ وَونہ آمُت كِلۡتَا الۡجَـنَّتَيۡنِ اٰتَتۡ اُكُلَهَا وَلَمۡ تَظۡلِمۡ مِّنۡهُ شَيۡـًٔـا دوشوے باغ آسِ دِوان میوہ پُھن۔ کُنہِ قسمچ کمی آسِ نہ کران بین باغن ہندِ پاٹھِ۔ وَّفَجَّرۡنَا خِلٰلَهُمَا نَهَرًا بیہ آسہِ اَسہِ یمن دوشونی باغن منز جاری کَرِ مژہ کولہ وَّكَانَ لَهٗ ثَمَرٌ بیہ آسِ تس شخصس بیہ اَمہِ ورای تہِ میوہ جات آمدنی ہندِ ذرایع۔ بیہ آسس اولاد ثُرِ گُبر فَقَالَ لِصَاحِبِهٖ وَهُوَ يُحَاوِرُهٗۤ پس وون اَمِ شخصن پننہِ رفیقس کتھہ کران کران اَنَا اَكۡثَرُ مِنۡكَ مَالًا وَّاَعَزُّ نَفَرًا بوچھُوس چانہ خوتہ زیادہ مال و

أَكْثَرُ مِنْكَ مَالًا وَّأَعَزُّ نَفَرًا ۝۳۴ وَدَخَلَ جَنَّتَهٗ وَهُوَ
ظَالِمٌ لِّنَفْسِهٖ ۚ قَالَ مَآ أَظُنُّ أَنْ تَبِيْدَ هٰذِهٖٓ أَبَدًا ۝۳۵
وَّمَآ أَظُنُّ السَّاعَةَ قَآئِمَةً وَّلَئِنْ رُّدِدْتُّ إِلٰى رَبِّيْ لَأَجِدَنَّ
خَيْرًا مِّنْهَا مُنْقَلَبًا ۝۳۶ قَالَ لَهٗ صَاحِبُهٗ وَهُوَ يُحَاوِرُهٗٓ

---

دولتہٕ کِن۔ بیہ چھُوس چانہِ خوتہٕ زیادہ عزّتہٕ ۆول اولادن تہٕ ژُریو گبرۆکن نوکرو چاکرو کِن۔ ژٕہ چھُوک پننِس طریقس حق زانتھ خدایس نشہِ پسندیدہ آسنک دعویٰ کران۔ مێنِس طریقس چھُوک باطِل زانتھ خدایس نشہِ ناپسند زانان مگر نتیجہ چھُوا تھ برعکس سپدان۔ کیازِ ژٕ دُشمنس چھُنہ کانہہ تہِ فائدہ تہٕ نفع واتنا وان دوستس چھونہ کانہہ تہِ نقصان واتہ ناوان۔ وَدَخَلَ جَنَّتَهٗ وَهُوَ ظَالِمٌ لِّنَفْسِهٖ تہٕ پتہٕ ژاویہ شخص پننِس اتھ باغس اندر سۆ رفیق سیتہِ ہیتھ۔ درحالیکہ سُو اوس جُرم یعنی کُفر پانس پیٹھ قایم تھاوِتھ یعنی شرکس منز اوس مُبتلا۔ کبرو غرورُک اوُس نشہِ دماغس منز بێن لُوکن اوس حقیر زانان قَالَ مَآ أَظُنُّ أَنْ تَبِيْدَ هٰذِهٖٓ أَبَدًا دپنہِ لوگ مہ چھُونہ باسان یہِ باغ کیاگژھہِ برباد زانہہ میانہِ زندگانی اندر۔ اَمہِ اَندرہ اوس تس غرض توحیدس پیٹھ اعتراض کرن امِس رفیقس دوپُن ژٕے چھُکھ خالق عالم سُند قائیل بیہِ چھُکھ ونان ێہِ سورُوی چھُو تسِٕ اَتھہِ۔ مگر مہِ چھُونہ گُمان کہ طبعی اسبابن کیاہیکہِ کانہہ مُعطّل تہٕ بے کارکٕرتھ۔ مہِ چھونہ بوزنہِ یوان یتھ مێنِس باغس یتھ کارخانس ێمکہِ آبادی ہندِ ساری سامانہ موجود چھہِ کُل تہٕ کُلین ہُند آب تہٕ موجود کوم کار کرن والِ تہِ ساری موجود خرچ اخراجات کرنہ خیطرہ مال ودولت موجود مالکہِ حفاظتہٕ خیطرہ سامانہ موجود۔ ووُنۍ یہِ برباد گژھہِ تہٕ کتھہ پاٹھِ وَّمَآ أَظُنُّ السَّاعَةَ قَآئِمَةً بیہِ چھُونہ مہِ خیال کہ قیامت کیاسپدِہ قایم۔ اگر بفرضِ محال قیامت اَیہِ تہِ وَّلَئِنْ رُّدِدْتُّ إِلٰى رَبِّيْ لَأَجِدَنَّ خَيْرًا مِّنْهَا مُنْقَلَبًا بیہِ ہرگاہ بوواتناوہ نہ امہ پننِس پروردگارس نشہِ بولبہ یتہِ ێمہِ خوتہٕ بہتر جای۔ اَمِ شخصن کٕر ژور دعویٰ۔ اکھ ای زِہ کُفر چھُونہ قابلِ مذمّت۔ دوٚیُم کورُن اِنکارِ توحید۔ ترێیُم کورُن اِنکارِ قیامت۔ ژور ێُم کورُن پنُن پان خدایس نشہِ باعزّت تہٕ محترم ثابت قَالَ لَهٗ صَاحِبُهٗ ێمہِ کتھ بُوزِتھ دون امِس پننِ رفیقن یُس دیندار غریب اوس وَهُوَ يُحَاوِرُهٗٓ

أَكَفَرْتَ بِالَّذِي خَلَقَكَ مِنْ تُرَابٍ ثُمَّ مِنْ نُطْفَةٍ ثُمَّ
سَوَّاكَ رَجُلًا ﴿۳۷﴾ لَٰكِنَّا هُوَ اللَّهُ رَبِّي وَلَا أُشْرِكُ بِرَبِّي أَحَدًا ﴿۳۸﴾
وَلَوْلَا إِذْ دَخَلْتَ جَنَّتَكَ قُلْتَ مَا شَاءَ اللَّهُ لَا قُوَّةَ إِلَّا بِاللَّهِ ۚ
إِنْ تَرَنِ أَنَا أَقَلَّ مِنْكَ مَالًا وَوَلَدًا ﴿۳۹﴾ فَعَسَىٰ رَبِّي أَنْ
يُؤْتِيَنِ خَيْرًا مِنْ جَنَّتِكَ وَيُرْسِلَ عَلَيْهَا حُسْبَانًا مِنَ السَّمَاءِ
فَتُصْبِحَ صَعِيدًا زَلَقًا ﴿۴۰﴾ أَوْ يُصْبِحَ مَاؤُهَا غَوْرًا فَلَنْ تَسْتَطِيعَ

---

أَكَفَرْتَ بِالَّذِي خَلَقَكَ مِنْ تُرَابٍ ثُمَّ مِنْ نُطْفَةٍ ثُمَّ سَوَّاكَ رَجُلًا کیاہ ژیہ کورتھ توحیدس تہ قیامتس اِنکار کرنہ سیتِ انکار تس پروردگارس یمِ ژہ پیدہ کورُکھ گوڈہ مژِہ نشہ توپتہ کورِنکھ ژہ پیدہ نُطفس منی ہندِس آبس۔ توپتہ کورنک ژہ تیار پورِہ انسان۔ مرنہ پتہ بیہ زندہ سپدنس اِنکار کرن گو خدایہ سندِس قُدرتس اِنکار کرن۔ تہندِس قُدرتس اِنکار کُرن گو وارہ تمس اِنکار کرن۔ لَٰكِنَّا هُوَ اللَّهُ رَبِّي وَلَا أُشْرِكُ بِرَبِّي أَحَدًا لکنا یمیُک اصل چھُو لکن انا یعنی بوئیس چھُوس بوچھُوس اِعتقاد تھاوان اقرار کران یہِ سُوی چھُو میون پروردگار۔ بوچھُوس نہ پننہ نِس پروردگارس کانہہ اکھاہ شریکِ زانان وَلَوْلَا إِذْ دَخَلْتَ جَنَّتَكَ قُلْتَ مَا شَاءَ اللَّهُ لَا قُوَّةَ إِلَّا بِاللَّهِ ژیہ کونہ پریوتھ پننہ نِس باغس اندر اژنہ وِزِہ۔ یہا اللہ تعالیٰ یژھِ تی بنہِ۔ کانسہِ چھُونہ کُنہِ چیزس پیٹھ طاقت تہ قوت تہندِہ مددہ ورای۔ اللہ تعالیٰ اِیتس کالس باغ روزُن یژھِ تیتس کالس روزِہ۔ اگر سُو یژھِ سُو سپدِہ ویران تہ برباد۔ تمسندِس یژھنس مقابلہ چھِہ ساری اسباب بیکار۔ تہندہ مددہ ورای ہیکہِ نہ کانہہ سباہ کوم کرِتھ إِنْ تَرَنِ أَنَا أَقَلَّ مِنْكَ مَالًا وَوَلَدًا ہرگاہ ژہ مہِ وچھان چھُکھ مالہ کِن اولادو کِن کمی کانہہ غم چھُونہ فَعَسَىٰ رَبِّي أَنْ يُؤْتِيَنِ خَيْرًا مِنْ جَنَّتِكَ مہِ چھُو بوزنہ یوان یہِ سُو وقت چھُو نزدیک یلہِ میون پروردگار مہِ عطا کرِہ سُو باغ یُس بہتر آسہِ چانِہ باغہ خوتہ وَيُرْسِلَ عَلَيْهَا حُسْبَانًا مِنَ السَّمَاءِ فَتُصْبِحَ صَعِيدًا زَلَقًا بیہ سوزِہ چانِس باغس پیٹھ غیبی آفتاہ۔ آسمانکہِ طرفہ یمہِ سیتِ یہِ چون باغ سپدِہ صاف میداناہ ہیُو۔ یمہِ پیٹھ کھور آسن نیرت ژلان آوُ

لَهٗ طَلَبًا ﴿٤١﴾ وَاُحِيْطَ بِثَمَرِهٖ فَاَصْبَحَ يُقَلِّبُ كَفَّيْهِ عَلٰى مَآ
اَنْفَقَ فِيْهَا وَهِيَ خَاوِيَةٌ عَلٰى عُرُوْشِهَا وَيَقُوْلُ يٰلَيْتَنِيْ
لَمْ اُشْرِكْ بِرَبِّيْٓ اَحَدًا ﴿٤٢﴾ وَلَمْ تَكُنْ لَّهٗ فِئَةٌ يَّنْصُرُوْنَهٗ
مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَمَا كَانَ مُنْتَصِرًا ﴿٤٣﴾ هُنَالِكَ الْوَلَايَةُ
لِلّٰهِ الْحَقِّ ۭ هُوَ خَيْرٌ ثَوَابًا وَّخَيْرٌ عُقْبًا ﴿٤٤﴾ وَاضْرِبْ لَهُمْ
مَّثَلَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا كَمَآءٍ اَنْزَلْنٰهُ مِنَ السَّمَآءِ

---

يُصْبِحَ مَآؤُهَا غَوْرًا فَلَنْ تَسْتَطِيْعَ لَهٗ طَلَبًا بيھ گرڻھہ تمن باغن ھُند آب زمینس منز شرپتھ پس ہیکتھ نہ ژھُنڈِتھ صورتس اندر زمینہ کڈِت سُو آب وَاُحِيْطَ بِثَمَرِهٖ چنانچہ امہِ گفتگو پتے آیہ ولنہ امس شخصہ سندین میوہ باغن آسمانی ناگھانی بلاے۔ آناً فاناً منز گو یہ باغ تباہ و برباد فَاَصْبَحَ يُقَلِّبُ كَفَّيْهِ عَلٰى مَآ اَنْفَقَ فِيْهَا سُو نافرمان مغرور شخص لوگ افسوس کران کران گُل پتھ موڑنہ۔ تتھ مالس تہ لاگتس پیٹھ ورنہ یُوسہ اتھ باغس پیٹھ خرچ کَر مژ آسن۔ وَهِيَ خَاوِيَةٌ عَلٰى عُرُوْشِهَا مگر اَتھ باغس اوس امہِ ساتہ وِچھِ واو آمُت۔ سُو اوس ڈو کھیو سان پتھر پیومُت۔ دِچھِہ باغن پھِہ ڈکھِہ آسان وَيَقُوْلُ يٰلَيْتَنِيْ لَمْ اُشْرِكْ بِرَبِّيْٓ اَحَدًا بیہِ لوگ سُو شخص ونہِ اِی کاش مہِ نے آسھا پنہ نِس پروردگارس کانہہ تہ شریک ٹھہر وومُت۔ تمِس تور فکرِہ یہِ بلای آیہ کو ھٹس گُفرہ سببہ۔ یہِ ندامت آس تس نقصان گرڈھنہ سُو کھ وَلَمْ تَكُنْ لَّهٗ فِئَةٌ يَّنْصُرُوْنَهٗ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَمَا كَانَ مُنْتَصِرًا بیہ آس نہ تمِس کانہہ جماعتھ، یم تمِس مدد کرہ ہَن خدایس ورای۔ نہ ہیوک تم پانہ اسہِ نِشہِ امیُک بدلہ ہیتھ هُنَالِكَ الْوَلَايَةُ لِلّٰهِ الْحَقِّ یتھے کیا سپدُ ثابت کہِ سو رُوی اختیار چھُو پزِس خدایس اَتھہِ۔ یتھِس موقعس پیٹھ مدد کرن تہِ چھہ تہنزی کوم هُوَ خَيْرٌ ثَوَابًا وَّخَيْرٌ عُقْبًا تہندوی ثواب اجر چھُو سیٹھاہ رُت۔ تہندوی نتیجہ چھُو دُنیاء ر منز سیٹھاہ رُت وَاضْرِبْ لَهُمْ مَّثَلَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا كَمَآءٍ اَنْزَلْنٰهُ مِنَ السَّمَآءِ بیہِ کَرِ وِتھہ بیان یارسول اللہ لُوکن دنیاچہِ زندگی ہنز مِثال۔ سُو مِثال گیہِ یہے کہِ امہِ کور آسمانکہِ طرفہ باران رُو

فَاخْتَلَطَ بِهٖ نَبَاتُ الْاَرْضِ فَاَصْبَحَ هَشِیْمًا تَذْرُوْهُ
الرِّیٰحُ ؕ وَكَانَ اللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ مُّقْتَدِرًا ﴿۴۵﴾ اَلْمَالُ وَ
الْبَنُوْنَ زِیْنَةُ الْحَیٰوةِ الدُّنْیَا ۚ وَالْبٰقِیٰتُ الصّٰلِحٰتُ خَیْرٌ
عِنْدَ رَبِّكَ ثَوَابًا وَّ خَیْرٌ اَمَلًا ﴿۴۶﴾ وَیَوْمَ نُسَیِّرُ الْجِبَالَ وَ
تَرَى الْاَرْضَ بَارِزَةً ۙ وَّ حَشَرْنٰهُمْ فَلَمْ نُغَادِرْ مِنْهُمْ اَحَدًا ﴿۴۷﴾ ۚ
وَعُرِضُوْا عَلٰى رَبِّكَ صَفًّا ؕ لَقَدْ جِئْتُمُوْنَا كَمَا خَلَقْنٰكُمْ

---

نازِل۔ تمہِ آبہ کہ ذریعہ کھوت زینہ منزہ گھاسہ سر سبز فَاخْتَلَطَ بِهٖ نَبَاتُ الْاَرْضِ فَاَصْبَحَ هَشِیْمًا تَذْرُوْهُ الرِّیٰحُ کینہہ کالاہ گژِھتھ سپدُ سُو سر سبز گھاسہ خشک تُس واوَن اورہ یور چھکرود۔ یوہے چھُو حال دُنیہک۔ از چھُو ترو تازہ بوزنہ یِوان۔ کینہہ کالاہ گژھِت چھُونہ تمیُک نام ونشان تہٕ باقی روزان وَكَانَ اللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ مُّقْتَدِرًا اللہ تعالیٰ چھُو پریتھ چیزس پیٹھ پورہ قدرتہٕ وول اَلْمَالُ وَالْبَنُوْنَ زِیْنَةُ الْحَیٰوةِ الدُّنْیَا مال تہٕ اولاد چھِ دُنیاء چہِ زندگی ہُند اکھ زینتاہ تہٕ نِیتاہ ناپائیدار تہٕ بے اعتبار وَالْبٰقِیٰتُ الصّٰلِحٰتُ خَیْرٌ عِنْدَ رَبِّكَ ثَوَابًا وَّخَیْرٌ اَمَلًا رژہ عملہ چھِ پائیدار ہمیشہ پوشہِ وَنہ چانس پروردگارس نشہِ ثوابچہِ اعتبارہ۔ بیہ چھِ تمے بہتر امیدواری ہندِ اعتبارہ۔ حدیثِ شریفس منز چھُو آمُت فرموو حضرتِ نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم سبحان اللہ والحمدللہ ولا الہ الا اللہ واللہ اکبر ولا حول ولاقوۃ الا باللہ یِہے کلمات پرِن چھِ باقیات الصالحات وَیَوْمَ نُسَیِّرُ الْجِبَالَ وَتَرَى الْاَرْضَ بَارِزَةً بیہ گژھِ سُو دوہ یاد کرن یمہِ دوہہ اَسِ کوہ تہٕ بال پکناوِکھ۔ پنہ نیو جایو نشہِ تلوکھ تہٕ ڈالوکھ تو پتہ کروکھ ریزہ ریزہ۔ سمُسترُ گرِ واکس کوہن تہٕ لرین جاین۔ مکانا تن تہٕ باغن۔ وچھن ژہ زمین ای وچھِ ونہ نوئی اَکہِ اندہ پیٹھ بیین اندس تانِ ہموار تہٕ برابر۔ نہ آسن کوہ تہٕ بال کُنہِ۔ نہ آسَن لرِ تہٕ جایہ کُنہِ وَّحَشَرْنٰهُمْ فَلَمْ نُغَادِرْ مِنْهُمْ اَحَدًا بیہ کڈوکھ اَسِ ساری لُوکھ قبرو اَندرہ تو پتہ سمبراووکھ اسِ محشرہ کس میدانس اندر۔ تمو اندرہ چھڈون نہ کانہہ اکھاہ وَعُرِضُوْا عَلٰى رَبِّكَ صَفًّا بیہ ملِن ساری

اَوَّلَ مَرَّةٍۭ بَلْ زَعَمْتُمْ اَلَّنْ نَّجْعَلَ لَكُمْ مَّوْعِدًا ﴿۴۸﴾ وَوُضِعَ
الْكِتٰبُ فَتَرَى الْمُجْرِمِيْنَ مُشْفِقِيْنَ مِمَّا فِيْهِ وَ
يَقُوْلُوْنَ يٰوَيْلَتَنَا مَالِ هٰذَا الْكِتٰبِ لَا يُغَادِرُ صَغِيْرَةً
وَّلَا كَبِيْرَةً اِلَّآ اَحْصٰىهَا ۚ وَوَجَدُوْا مَا عَمِلُوْا حَاضِرًا ۭ وَ
لَا يَظْلِمُ رَبُّكَ اَحَدًا ﴿۴۹﴾ وَاِذْ قُلْنَا لِلْمَلٰٓىِٕكَةِ اسْجُدُوْا
لِاٰدَمَ فَسَجَدُوْٓا اِلَّآ اِبْلِيْسَ ۭ كَانَ مِنَ الْجِنِّ فَفَسَقَ عَنْ

---

لُوکھ حاضر کرنہ تھندِ س پروردگار س برو نٹھگن صفن منز یِم قیامتس اِنکار کران آسِ۔ تمن ایہِ وننہ لَقَدْ جِئْتُمُوْنَا كَمَا خَلَقْنٰكُمْ اَوَّلَ مَرَّةٍۢ بیشک تُھہ واتوہ اسہِ تتھ حالس اندر یتھ منز اسہِ تُھہ گوڈنی پیدہ کٔرمِت آسِوہ یعنی ننی تہٕ چھنی توہہِ وچھیوہ گوڈنچ پیدائش مگر پتہٕ کرٕ وہ نہ دوبارہ بیہ پیدہ سپدنس بَلْ زَعَمْتُمْ اَلَّنْ نَّجْعَلَ لَكُمْ مَّوْعِدًا بلکہ اوس توہہِ خیال کہِ اَسِ کرہ وی نہ تہندِہ خیطرٕ ہ پُنٕ وعدہ پورٕ کرُنک کانہہ وقاہ مقٔرر وَوُضِعَ الْكِتٰبُ فَتَرَى الْمُجْرِمِيْنَ مُشْفِقِيْنَ مِمَّا فِيْهِ بیہِ یِنِ تمہِ دوہہٕ لُوکن ہنٛزِن عملن ہُند دفتر تمن برو نٹھگن تراونہ۔ کانسہِ دِن دچھنس اَتھس کیتھ۔ کانسہِ دِن کھوفرس اَتھس کیتھ۔ پتہٕ وچھو کھ تُھہ کافر کھوژان تہٕ ناان تمہِ سیتیہِ تتھ منز لیکھِت آسہِ وَيَقُوْلُوْنَ يٰوَيْلَتَنَا مَالِ هٰذَا الْكِتٰبِ لَا يُغَادِرُ صَغِيْرَةً وَّلَا كَبِيْرَةً اِلَّآ اَحْصٰىهَا بیہِ ونن ہای افسوس کیاہ گوسانہِ حقہ۔ یِم سانِ نامہِ اعمالن چھُونہ ترومُت کانہہ لوکٹ گناہ نہ کانہہ بوڈ گناہ یُس نہ لیوکھمت تہٕ درج چھُن کورمُت۔ وَوَجَدُوْا مَا عَمِلُوْا حَاضِرًا بیہ لبن تمِ پننہِ سارے عملہ یمہِ تمو کرِ مژہ آسن عمرِ ہ دُنیاءس منز پانس برونٹھ کنہِ وَلَا يَظْلِمُ رَبُّكَ اَحَدًا تُھند پروردگار کرہ نہ ظلم کانسہِ سیت۔ نہ کورمُت گناہ کیا آسہِ کانسہِ شخص لیکھنہ آمُت۔ یا کٔر مژ نیکی کیا آسہا کانسہِ شخص لیکھنٕ رُوزمژ وَاِذْ قُلْنَا لِلْمَلٰٓىِٕكَةِ اسْجُدُوْا لِاٰدَمَ فَسَجَدُوْٓا اِلَّآ اِبْلِيْسَ بیہِ چھُو قابلِ ذِکر سُو وقت یلہِ اَسہِ حُکم کور ملائکن کہِ سجدہ دِیو آدم علیہ السلامس برونٹھ کنہِ۔ پتہٕ دِیت تمو سارِیو سجدہ ابلیسَس ورای۔ ابلیسن آس تیژ عبادت کٔرمژ

أَنْتَ عَنْ اٰلِهَتِيْ يٰٓاِبْرٰهِيْمُ ۚ لَئِنْ لَّمْ تَنْتَهِ لَاَرْجُمَنَّكَ وَاهْجُرْنِيْ مَلِيًّا ﴿٤٦﴾
قَالَ سَلٰمٌ عَلَيْكَ ۚ سَاَسْتَغْفِرُ لَكَ رَبِّيْ ؕ اِنَّهٗ كَانَ بِيْ حَفِيًّا ﴿٤٧﴾ وَ
اَعْتَزِلُكُمْ وَمَا تَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَاَدْعُوْا رَبِّيْ ۖ عَسٰٓى اَلَّآ
اَكُوْنَ بِدُعَآءِ رَبِّيْ شَقِيًّا ﴿٤٨﴾ فَلَمَّا اعْتَزَلَهُمْ وَمَا يَعْبُدُوْنَ مِنْ
دُوْنِ اللّٰهِ ۙ وَهَبْنَا لَهٗٓ اِسْحٰقَ وَيَعْقُوْبَ ؕ وَكُلًّا جَعَلْنَا نَبِيًّا ﴿٤٩﴾
وَوَهَبْنَا لَهُمْ مِّنْ رَّحْمَتِنَا وَجَعَلْنَا لَهُمْ لِسَانَ صِدْقٍ عَلِيًّا ﴿٥٠﴾ ع

---

تَنْتَهِ لَاَرْجُمَنَّكَ وَاهْجُرْنِيْ مَلِيًّا ہر گاہ نے ژہ اَمہِ نِشہِ پتھ روزکھ کنہِ لاۍ لاۍ کرٕ تھ بو سنگسار۔ چھُے پان بچاوٕن تلہ روزمہ نِشہِ کینہہ کالاہ دُور قَالَ سَلٰمٌ عَلَيْكَ سَاَسْتَغْفِرُ لَكَ رَبِّيْ اِنَّهٗ كَانَ بِيْ حَفِيًّا حضرتِ ابراہیمن دوپُس میانہِ طرفہ چھُے سَلام۔ توتہِ منگہ بو چانہِ خیطرٕ ہ پننہ نِس پرٕوردگارس مغفرت۔ بیشک سُو چھُو مے پیٹھ سیٹھاہ مہربان وَ اَعْتَزِلُكُمْ وَمَا تَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَاَدْعُوْا رَبِّيْ عَسٰٓى اَلَّآ اَكُوْنَ بِدُعَآءِ رَبِّيْ شَقِيًّا بو روزہ الگ اکھ توہہِ نِشہِ بیہ تمن ثُہہ عِبادَت کران چھوِہ معبُود برحقس ورای۔ توپتہ کرہ بو اطمینانہ سان الگ رُوزِت پننہِ نِس پروردگارہ سنز عبادت۔ بیہ چھُہ امید کہ بو روزہ نہ پننہ نِس پروردگارَس عبادت کرِت محروم تہ نامُراد یتھ پاٹھِ بُت پرست پننہ نین باطل معبُودن پرستش کرِتھ محرُوم تہ نامُراد چھِہ روزان۔ یہ کتھ باتھ کرٕ تھ سپدِ تمن نِشہِ علیحدہ ملک شامَس کُن کرٕ کھ ہجرت فَلَمَّا اعْتَزَلَهُمْ وَمَا يَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ ادہ یلہِ حضرتِ ابراہیمن تمن نِشہِ بیہ تہندین معبودان باطلن نِشہِ، یِہنز تمِ معبُودِ برحق تراوِتھ پرستش کران آسِ جُدا سپُدِت تمہِ شہرہ نِشہِ ہجرت کرٕ وَهَبْنَا لَهٗٓ اِسْحٰقَ وَيَعْقُوْبَ وَكُلًّا جَعَلْنَا نَبِيًّا عطا کور اَسہِ حضرت ابراہیمس دوٚیمُ فرزند اسحاق بیہ فرزندہ سُند فرزند یعقوب علیہِ السلام۔ بیہ کرٕ اَسہِ تمِ دوشوِے صاحب پیغمبر۔ تمہِ رَفاقتہ خیطرٕ ہ بُت پرست برادری خوتہ بہتر آس۔ وَوَهَبْنَا لَهُمْ مِّنْ رَّحْمَتِنَا بیہ کرٕ اَسہِ تمن واریاہ قسمکِ کمالات عطا کرِت پننہِ رَحمتُک اکھ حصّہِ عطا وَجَعَلْنَا لَهُمْ لِسَانَ صِدْقٍ عَلِيًّا بیہ کور اَسہِ آیندہ نسلن اندر تہند ناو نیک تہِ

وَاذْكُرْ فِي الْكِتٰبِ مُوْسٰۤى اِنَّهٗ كَانَ مُخْلَصًا وَّكَانَ رَسُوْلًا نَّبِيًّا ﴿٥١﴾
وَنَادَيْنٰهُ مِنْ جَانِبِ الطُّوْرِ الْاَيْمَنِ وَقَرَّبْنٰهُ نَجِيًّا ﴿٥٢﴾ وَ
وَهَبْنَا لَهٗ مِنْ رَّحْمَتِنَاۤ اَخَاهُ هٰرُوْنَ نَبِيًّا ﴿٥٣﴾ وَاذْكُرْ فِي الْكِتٰبِ
اِسْمٰعِيْلَ اِنَّهٗ كَانَ صَادِقَ الْوَعْدِ وَكَانَ رَسُوْلًا نَّبِيًّا ﴿٥٤﴾ وَ
كَانَ يَاْمُرُ اَهْلَهٗ بِالصَّلٰوةِ وَالزَّكٰوةِ وَكَانَ عِنْدَ رَبِّهٖ مَرْضِيًّا ﴿٥٥﴾
وَاذْكُرْ فِي الْكِتٰبِ اِدْرِيْسَ اِنَّهٗ كَانَ صِدِّيْقًا نَّبِيًّا ﴿٥٦﴾ وَّرَفَعْنٰهُ

---

بُلند۔ ساري آسَن تعظيمه سان تُهند ذِکرِ خير کران۔ اسحٰق عليه السلامَس برونٺ اوس اَسه تمن گوڏيک فرزند اسماعيل عليه السلام عطا کورمُت۔ تمن اندر ته آسِ تيمِ صِفات۔ تُهند ذِکر بيه برونٺ پَھَن وَاذْكُرْ فِي الْكِتٰبِ مُوْسٰۤى بيه کَرِو ذکر قرآن مجيدس منز حضرتِ موسیٰ سُند قِصه۔ يعني سُو کَرِو لوکن نِشه بيان اِنَّهٗ كَانَ مُخْلَصًا تم تِه آسِ پنز پاڅھ خاص کرنه آمت بَنده وَّكَانَ رَسُوْلًا نَّبِيًّا بيه آسِ تم رسُول تِه تِه نبی تِه۔ تمن آسِ تيمِ دوشوِے شان وَنَادَيْنٰهُ مِنْ جَانِبِ الطُّوْرِ الْاَيْمَنِ وَقَرَّبْنٰهُ نَجِيًّا بيه دُيت اَسه تمن نادکوه طوره کِه دڇھنِه طرفه کِن۔ بيه گرِه اَسه تمن سيتِ سيرِه کتھ پانس نکھ انتھ۔ وَوَهَبْنَا لَهٗ مِنْ رَّحْمَتِنَاۤ اَخَاهُ هٰرُوْنَ نَبِيًّا بيه کور اَسه تمن پننِه مهرباني سيتِ تُهند برادر هارُون عليه السلام پيغمبر بناو تھ عطا تهندِه درخواست کرنه موجب تهندِه مدّده خيطره وَاذْكُرْ فِي الْكِتٰبِ اِسْمٰعِيْلَ اِنَّهٗ كَانَ صَادِقَ الْوَعْدِ وَكَانَ رَسُوْلًا نَّبِيًّا بيه کَرِو لوکن نِشه ذکر قرآنِ مجيدس اندر اسماعيل عليه السلامه سُند حال۔ بيشک تمِ آس وَعده پنزِ کره ونِ۔ بيه آسِ تم رسُول تِه نبي۔ تمنِ تِه آسِ دوشوِے شان وَ كَانَ يَاْمُرُ اَهْلَهٗ بِالصَّلٰوةِ وَالزَّكٰوةِ وَكَانَ عِنْدَ رَبِّهٖ مَرْضِيًّا بيه آسِ تمِ پننه نِس عيالس حُکم کران نماز پرِنگ بيه زکوٰة دِنگ۔ بيه آسِ تمِ پننه نِس پروردگاره سندِ مقبول بنده وَاذْكُرْ فِي الْكِتٰبِ اِدْرِيْسَ بيه کَرِو قرآن مجيدس اندر حضرتِ ادريسه سُند حال لوکن نِشه بيانِ۔ اِنَّهٗ كَانَ صِدِّيْقًا نَّبِيًّا بيشک آسِ تمِ سيٺھاه پزِ زِ پيغمبر وَّرَفَعْنٰهُ مَكَانًا عَلِيًّا بيه واتناوِ اَسه تمِ کمالاتن اندر تھدِس

مَكَانًا عَلِيًّا ﴿٥٧﴾ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ اَنْعَمَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ مِّنَ النَّبِيّٖنَ
مِنْ ذُرِّيَّةِ اٰدَمَ وَمِمَّنْ حَمَلْنَا مَعَ نُوْحٍ وَّمِنْ ذُرِّيَّةِ اِبْرٰهِيْمَ
وَاِسْرَآءِيْلَ وَمِمَّنْ هَدَيْنَا وَاجْتَبَيْنَا ؕ اِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُ
الرَّحْمٰنِ خَرُّوْا سُجَّدًا وَّبُكِيًّا ﴿٥٨﴾ فَخَلَفَ مِنْۢ بَعْدِهِمْ خَلْفٌ
اَضَاعُوا الصَّلٰوةَ وَاتَّبَعُوا الشَّهَوٰتِ فَسَوْفَ يَلْقَوْنَ غَيًّا ﴿٥٩﴾
اِلَّا مَنْ تَابَ وَاٰمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا فَاُولٰٓئِكَ يَدْخُلُوْنَ

---

مَرتبس تھزِہ جایہ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ اَنْعَمَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ مِّنَ النَّبِيّٖنَ تیمہِ پیغمبر گئے تم یمن اللہ تعالیٰ اَن پنن انعام کور عطا پیغمبر وانْدرہ مِنْ ذُرِّيَّةِ اٰدَمَ تمِ ساری پیغمبرہ چھہِ حضرت آدمہ سندِہ ذریتہ اَندرہ وَمِمَّنْ حَمَلْنَا مَعَ نُوْحٍ بیہِ تمِواندرہ یمِ اَسہِ کھارِناوِ اندر حضرت نوحس سیتِ۔ وَمِنْ ذُرِّيَّةِ اِبْرٰهِيْمَ بیہِ حضرت ابراہیمہ سنزِہ ذرّیتہ اندرہ وَاِسْرَآءِيْلَ بیہِ حضرت یعقوب سندِہ ذریتہ اندرہ وَمِمَّنْ هَدَيْنَا وَاجْتَبَيْنَا بیہِ تمِواندرہ یمن اَسہِ وتھ ہاو، بیہِ یمِ اسہِ مقبول تہ برگزیدہ کرِ، باوجود امہِ مقبولیتہ آسِ تمِ بندگی اندر تیتھ منہمک کہِ اِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُ الرَّحْمٰنِ خَرُّوْا سُجَّدًا وَّبُكِيًّا یلہِ تمن پیٹھ حضرت رحمانہ سندِ آیات پرنہ آسِ یوان تانِ آسِ تمِ بکمال عاجزی وانکساری سجدہ دِوان۔ ودان ودان زمینس پیٹھ کلہ تراوان۔ پتہ پان برِ تھ دِوان فَخَلَفَ مِنْۢ بَعْدِهِمْ خَلْفٌ اَضَاعُوا الصَّلٰوةَ تو پتہ آے تمن پتہ تھندِ بعضی خلف یمو نماز برباد تہ ضائع کر۔ خواہ اعتقاداً انکار کرنہ سیتِ خواہ عملاً سدوادا کرنس اندر کوتاہی کرنہ سیتِ یا تمہِ کین ضروری حقوقن تہ آدابن اندر کوتاہی کرنہ سیتِ۔ وَاتَّبَعُوا الشَّهَوٰتِ بیہِ کرکھ ناجائز نفسہ چن خواہشن ہنز پیروی فَسَوْفَ يَلْقَوْنَ غَيًّا پس وچھن تمِ عنقریب آخرتس منز تمچ خرابی، خواہ اَبدی خواہ غیر اَبدی اِلَّا مَنْ تَابَ وَاٰمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا فَاُولٰٓئِكَ يَدْخُلُوْنَ الْجَنَّةَ وَلَا يُظْلَمُوْنَ شَيْئًا مگر یمو کفر و معصیّتہ نِشہِ توبہ کرتھ ایمان اون تہ رژہ عملہ کریکھ، پس تمِ لوکھ واتن جنتس اندر تمنہ قسمچ خرابی وچھنہ ورای۔ بیہِ تیکھنہ ظلم کرنہ کُنہِ قسمہ۔ جَنّٰتِ

الْجَنَّةَ وَلَا يُظْلَمُوْنَ شَيْـًٔا ﴿٦٠﴾ جَنّٰتِ عَدْنِ ﹰالَّتِيْ وَعَدَ
الرَّحْمٰنُ عِبَادَهٗ بِالْغَيْبِ ۭ اِنَّهٗ كَانَ وَعْدُهٗ مَاْتِيًّا ﴿٦١﴾ لَا يَسْمَعُوْنَ
فِيْهَا لَغْوًا اِلَّا سَلٰمًا ۭ وَلَهُمْ رِزْقُهُمْ فِيْهَا بُكْرَةً وَّعَشِيًّا ﴿٦٢﴾
تِلْكَ الْجَنَّةُ الَّتِيْ نُوْرِثُ مِنْ عِبَادِنَا مَنْ كَانَ تَقِيًّا ﴿٦٣﴾
وَمَا نَتَنَزَّلُ اِلَّا بِاَمْرِ رَبِّكَ ۚ لَهٗ مَا بَيْنَ اَيْدِيْنَا وَمَا خَلْفَنَا
وَمَا بَيْنَ ذٰلِكَ ۚ وَمَا كَانَ رَبُّكَ نَسِيًّا ﴿٦٤﴾ رَبُّ السَّمٰوٰتِ

---

عَدْنِ ﹰالَّتِيْ وَعَدَ الرَّحْمٰنُ عِبَادَهٗ بِالْغَيْبِ اِنَّهٗ كَانَ وَعْدُهٗ مَاْتِيًّا تمن جنتن منزواتن یمن منز ہمیشہ روزُن آسیکھ۔ یمن جنتن ہُند حضرتِ رحمانن پنہ نین سیت وعدہ کورمُت چھُو غائبانہ۔ پزٍ پاٹھٕ تہند وعدہ چھُو پُورہ کرنہ آمُت یعنی تمہٕ کِس پورہ سپدنس اندر چھُونہ شُکھی کانہہ لَا يَسْمَعُوْنَ فِيْهَا لَغْوًا تمن جنتن منز بوزن نہ تمِ کانہہ بیہودہ کتھاہ اِلَّا سَلٰمًا مگر پریتھ طرفہ آسن سلامے سلامہ۔ پانہ وانِ تہٕ سلامے ملائکن ہندِہ طرفہ تہٕ سلامے وَلَهُمْ رِزْقُهُمْ فِيْهَا بُكْرَةً وَّعَشِيًّا تہندِہ خیطرہ چھُو تمن جنتن اندر کھین تُہند، صُبحس تہٕ شامس تہٕ تِلْكَ الْجَنَّةُ الَّتِيْ نُوْرِثُ مِنْ عِبَادِنَا مَنْ كَانَ تَقِيًّا تیٚمہٕ جنت یمن ہند ذکر کرنہ آو کرواسِ عطاوِرثہ پاٹھ پنہ نیوبندواندرہ تمن یمِ شانت تہٕ پرہیزگار آسن وَمَا نَتَنَزَّلُ اِلَّا بِاَمْرِ رَبِّكَ جبریل امینہ سندِس یِنس منز سپُد کینہہ کالاہ تاخیر تہٕ کافر وہیت طعنہ دِنِ، نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلّمن ہُند دلِ مُبارک سپُد آزردہ۔ تمہِ پتہ یلہِ جبریلِ امین آو تموپر ژھس تاخیرُک سبب اللہ تعالیٰ اَن فرموو جبریلِ امینس ژہ وَن امیُک جواب کہ وَمَا نَتَنَزَّلُ اِلَّا بِاَمْرِ رَبِّكَ اَسِ نہ حض چھنہٕ زمینس پیٹھ وسان مگر تُہندِس پروردگارہ سندِی حُکمہ لَهٗ مَا بَيْنَ اَيْدِيْنَا وَمَا خَلْفَنَا وَمَا بَيْنَ ذٰلِكَ تہٕ سوُرُی یہِ اَسہٕ برونٹھ کنہٕ چھُو آیندہ، بیہِ یہِ اَسہٕ پتہ کنہٕ چھُو گزشتہ وقتس اندر، بیہِ یہِ اتھ درمیان چھُو موجودہ وقتس اندر، سارٕوُی چھُو خدایس پُور علم وَمَا كَانَ رَبُّكَ نَسِيًّا بیہِ چھُونہ پروردگار تُہنُد کانہہ چیز مشراوہ وُن رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَمَا بَيْنَهُمَا سُوی چھُو مالِک آسمانن تہٕ زمینن ہُند بیہِ یہِ

وَالْأَرْضِ وَمَا بَيْنَهُمَا فَاعْبُدْهُ وَاصْطَبِرْ لِعِبَادَتِهِ ۚ هَلْ تَعْلَمُ
لَهُ سَمِيًّا ﴿٦٥﴾ وَيَقُولُ الْإِنسَانُ أَإِذَا مَا مِتُّ لَسَوْفَ أُخْرَجُ حَيًّا ﴿٦٦﴾
أَوَلَا يَذْكُرُ الْإِنسَانُ أَنَّا خَلَقْنَاهُ مِن قَبْلُ وَلَمْ يَكُ شَيْئًا ﴿٦٧﴾
فَوَرَبِّكَ لَنَحْشُرَنَّهُمْ وَالشَّيَاطِينَ ثُمَّ لَنُحْضِرَنَّهُمْ حَوْلَ جَهَنَّمَ
جِثِيًّا ﴿٦٨﴾ ثُمَّ لَنَنزِعَنَّ مِن كُلِّ شِيعَةٍ أَيُّهُمْ أَشَدُّ عَلَى الرَّحْمَٰنِ
عِتِيًّا ﴿٦٩﴾ ثُمَّ لَنَحْنُ أَعْلَمُ بِالَّذِينَ هُمْ أَوْلَىٰ بِهَا صِلِيًّا ﴿٧٠﴾ وَإِن

---

تِمن منز باگ ڇھو فَاعْبُدْهُ وَاصْطَبِرْ لِعِبَادَتِهِ پس کَر وتھنز ی عبادت تہ پرستش۔ تھنز عبادت کرنس
اندر یم تکلیف واتنوہ تِمن پیٹھ کَرِ و صبر هَلْ تَعْلَمُ لَهُ سَمِيًّا کیاژہ ڇھو ہَنہ ہزانان تسُند کانہہ ہم
صِفتھاہ۔ سُو ڇھو سُوی تَس ہیوٗ ڇھونہ کانہہ تہٕ۔ تَس یاژ عبادت کرنٕ ڇھہ لازِم وَيَقُولُ الْإِنسَانُ أَإِذَا
مَا مِتُّ لَسَوْفَ أُخْرَجُ حَيًّا بیہ ڇھو یہ اِنسان یَسنہ قیامتچ پژھ ڇھہ، وَنان کیاہ یلہ بو مَرہ تو پتہ ہما بو قبرہٕ
منزہ بیہ زندہ کَرِ تھ نبر کڈنہ أَوَلَا يَذْكُرُ الْإِنسَانُ أَنَّا خَلَقْنَاهُ مِن قَبْلُ وَلَمْ يَكُ شَيْئًا کیاہ یہِ انسان ڇھنا
پاوان ژ تیس کہ اسہِ کور یہ پیدہ برونٹھ حالانکہ یہ اُوسنہ کُنہی عدم محض منزہ یلہِ اسہِ توگ سُو وجوٗدس اندر
اَنٕ مرنہ پتہ بیہ دوبارہ زِندہ کرن کیاہ عجایب ڇھو فَوَرَبِّكَ لَنَحْشُرَنَّهُمْ وَالشَّيَاطِينَ ثُمَّ لَنُحْضِرَنَّهُمْ حَوْلَ
جَهَنَّمَ جِثِيًّا تُہندِس پروردگارہ سُند قسم اَسِ کرو کھ تِم قیامتک دوہ بیہ پیدہ، تو پتہ سو نبراوو کھ تِم
ساری اِنسان بیہ ساری شیطان تو پتہ انو کھ اَسِ تِم ساری تھاوو کھ حاضر جہنمس اَندِ اَندِ ہیپتہ سیتِ آسن تِم
کوٗٹھین پیٹھ رُوز تھ، رُوز تھ گمت ثُمَّ لَنَنزِعَنَّ مِن كُلِّ شِيعَةٍ أَيُّهُمْ أَشَدُّ عَلَى الرَّحْمَٰنِ عِتِيًّا تو پتہ
کڈو کھ الگ پریتھ جماعتہ منزہ تِم تِم اشخاص یِم تِمو اندرہ آسن حضرتِ رحمانہ سندِ زیادہ نافرمان تہ
سَرکش یُتھ تِم گوڈنی ہِن نارس منز دارِ تھ دِنہ اَسہِ ڇھنہ ضرورت تِمن متعلق تحقیقات کرنٕچ ثُمَّ
لَنَحْنُ أَعْلَمُ بِالَّذِينَ هُمْ أَوْلَىٰ بِهَا صِلِيًّا کیازِہ اَسہِ ڇھو پور علم تِمن لوکن ہُند یِم جہنمس واتنس زیادہ
سزاوار ڇھہِ وَإِن مِّنكُمْ إِلَّا وَارِدُهَا ۚ كَانَ عَلَىٰ رَبِّكَ حَتْمًا مَّقْضِيًّا بیہ ڇھونہ کانہہ اکھاہ توہہِ اندرہ یُسنہ

مِّنكُمْ إِلَّا وَارِدُهَا ۚ كَانَ عَلٰى رَبِّكَ حَتْمًا مَّقْضِيًّا ﴿٧١﴾ ثُمَّ نُنَجِّي
الَّذِينَ اتَّقَوا وَّنَذَرُ الظّٰلِمِينَ فِيهَا جِثِيًّا ﴿٧٢﴾ وَإِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ
اٰيٰتُنَا بَيِّنٰتٍ قَالَ الَّذِينَ كَفَرُوا لِلَّذِينَ اٰمَنُوٓا أَيُّ الْفَرِيقَيْنِ
خَيْرٌ مَّقَامًا وَّأَحْسَنُ نَدِيًّا ﴿٧٣﴾ وَكَمْ أَهْلَكْنَا قَبْلَهُم مِّن قَرْنٍ هُمْ
أَحْسَنُ أَثَاثًا وَّرِئْيًا ﴿٧٤﴾ قُلْ مَن كَانَ فِي الضَّلٰلَةِ فَلْيَمْدُدْ لَهُ
الرَّحْمٰنُ مَدًّا ۚ حَتّٰى إِذَا رَأَوْا مَا يُوعَدُونَ إِمَّا الْعَذَابَ وَإِمَّا

پکھ اَمہِ جہنّمہ کنِ۔ یِہ چھُ تہندس پروردگارہ سندہ وعدہ موجب اکھ لازم متوکد، اکھ معاملاہ یُس ضرور پورہ سپدِ ہ۔ ثُمَّ نُنَجِّي الَّذِينَ اتَّقَوا تو پتہ دِموٗاسِ نجات تمن لوکن یِم پتھ رُودِ کُفرہ نِشہ شرکہ نِشہِ وَّنَذَرُ الظّٰلِمِينَ فِيهَا جِثِيًّا باقی تراوو کھ اسِ تتھ جہنّمس اندر ظالم یعنی کافر ہمیشہ روزنہ خیطرہ ژُینڈل کَرِتھ وَإِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُنَا بَيِّنٰتٍ قَالَ الَّذِينَ كَفَرُوا لِلَّذِينَ اٰمَنُوٓا أَيُّ الْفَرِيقَيْنِ خَيْرٌ مَّقَامًا وَّأَحْسَنُ نَدِيًّا یِیلہِ پرنہ یِوان چھِ تمن مُنکرن برونٹھ کنہ سانہِ نِنہِ دلیلہ تہ واضح آیات وَنان چھِ کافرِ تہ مُنکر با ایمانن تہ پرٛھِ والین اسِہ تہ توہہِ منز کوس جماعت چھ بہتر جایہ کنِ بیہِ کوس جماعت چھ رٕژ مجلسِہ کنِ۔ یِہ کتھ چھ ظاہر کہ خانہ گی تہ مجلسی سازوسامان وغیرہ چیزن اندر چھِ اس تھدِ تھندہ خوتہ۔ دوٚیِم کتھ چھ یِہ کہِ محبوبی چھُ کھیاونہ تہ چاونہ یِوان اَمہِ منزہ چھُ ثابتِ سپدان کہ اسی چھِ محبوب خدائس نِشہ تہ تُہہ چھِوہ مرٛدود۔ اللہ تعالیٰ چھُ یِہندِس وننہ نِس ردّ کران۔ فرماوان چھُ وَكَمْ أَهْلَكْنَا قَبْلَهُم مِّن قَرْنٍ هُمْ أَحْسَنُ أَثَاثًا وَّرِئْيًا اسِہ چھ کاژاہ جماژ ہلاک تہ تباہ کرِمژہ یِمہِ تمن برونٹھ آسہ۔ تمہِ تہِ آسہ سازوسامانہ کنِ تہ ظاہری صورتہ کنِ اہندِ ہ خوتہ تہِ رژہ۔ دوٚیِم جواب گو قُلْ مَن كَانَ فِي الضَّلٰلَةِ فَلْيَمْدُدْ لَهُ الرَّحْمٰنُ مَدًّا فرماویو کھ تُہہ یِم لوکھ گمراہی منز چھ یعنی تُہہِ ای کافرو پس تراوان چھُ تمن یِیلہِ حضرتِ رحمان پورہ پاٹھِ یعنی مُہلت چھُ کھ دِوان یُتھ تمن ناوٕ برنہ یِیہ حَتّٰى إِذَا رَأَوْا مَا يُوعَدُونَ تا اینکہ یِیلہِ وچھن تم تہِ سوٗرُوی یِمیک تمن وعدہ یِوان چھُ تھاونہ إِمَّا الْعَذَابَ وَإِمَّا السَّاعَةَ ادہ سو

السَّاعَةَ فَسَيَعْلَمُونَ مَنْ هُوَ شَرٌّ مَّكَانًا وَّأَضْعَفُ جُنْدًا ﴿٧٥﴾
وَيَزِيدُ اللَّهُ الَّذِينَ اهْتَدَوْا هُدًى ۗ وَالْبَاقِيَاتُ الصَّالِحَاتُ
خَيْرٌ عِنْدَ رَبِّكَ ثَوَابًا وَّخَيْرٌ مَّرَدًّا ﴿٧٦﴾ أَفَرَأَيْتَ الَّذِي كَفَرَ
بِآيَاتِنَا وَقَالَ لَأُوتَيَنَّ مَالًا وَّوَلَدًا ﴿٧٧﴾ أَطَّلَعَ الْغَيْبَ أَمِ اتَّخَذَ
عِنْدَ الرَّحْمَٰنِ عَهْدًا ﴿٧٨﴾ كَلَّا ۚ سَنَكْتُبُ مَا يَقُولُ وَنَمُدُّ لَهُ مِنَ
الْعَذَابِ مَدًّا ﴿٧٩﴾ وَنَرِثُهُ مَا يَقُولُ وَيَأْتِينَا فَرْدًا ﴿٨٠﴾ وَاتَّخَذُوا

---

دنیاءک عذاب آسہِ یا قیامت آسہ فَسَيَعْلَمُونَ مَنْ هُوَ شَرٌّ مَّكَانًا وَّأَضْعَفُ جُنْدًا پَس تگہِ تِمن زانُن گوہ چھُو خراب تہ یِچھ جایہِ کِنِ بیہ کُہہ چھُو بالکل کمزور لشکرِہ کِنِ تہ مددگارو کِنِ وَيَزِيدُ اللَّهُ الَّذِينَ اهْتَدَوْا هُدًى بیہِ چھُو ہُرہ راوان اللہ تعالیٰ سیزِہ وَتہِ پیٹھ پکہ وِنین ہدایت یُس سرمایہ نجات چھُو وَالْبَاقِيَاتُ الصَّالِحَاتُ خَيْرٌ عِنْدَ رَبِّكَ ثَوَابًا وَّخَيْرٌ مَّرَدًّا بیہِ چھِہ تِمہ رَژہ کامہِ یِمہ روزہ وِنہِ چھِہ بہتر تُہندِس پروردگارِس نِشہِ ثوابہ کِنِ بیہِ چھِہ تِمے بہتر انجامہ کِنِ أَفَرَأَيْتَ الَّذِي كَفَرَ بِآيَاتِنَا وَقَالَ لَأُوتَيَنَّ مَالًا وَّوَلَدًا کیاہ توہہِ ڈیچھوہ تَس شخصہ سُند حال یِمہ سانین آیاتن اِنکار کور۔ وَنان چھُو سُو کُٹھہ پاٹھہ مہِ ییہِ آخر تَس منزہِ مال تہ اولاد عطا کرنہ۔ غرض امسنز حالت تہِ چھِہ قابلِ تعجب أَطَّلَعَ الْغَيْبَ أَمِ اتَّخَذَ عِنْدَ الرَّحْمَٰنِ عَهْدًا کیاہ سَنایہِ چھا غیبس پیٹھ مطلع سپُد مُت کِنہ اَم چھُو حضرتِ رحمانس نِشہِ کانہہ عہداہ حاصِل کورمُت اتھ کتھہِ پیٹھ كَلَّا ہرگز نہ ییہِ چھُو محض غلط وَنان سَنَكْتُبُ مَا يَقُولُ اَس چھِہ لیکھت تھاوان امسنزہ کتھہ تِمن کُتھن پیٹھ تہ ایس سزا دِنہ۔ وَنَمُدُّ لَهُ مِنَ الْعَذَابِ مَدًّا اَس دِمو سیٹھاہ زِیچھر امسندِس عذابس اندر وَنَرِثُهُ مَا يَقُولُ وَيَأْتِينَا فَرْدًا بیہِ چھِہ اسی وارث تہ مالک تِمہ سارِنی یِمیُک یہ وَنان چھُو یعنی مال تہ اولاد۔ سُو واتہِ اَسہِ نِشہِ کُنوی زون۔ نہ آسیس مالی سیتِ نہ آسکس اولادی سیتِ وَاتَّخَذُوا مِنْ دُونِ اللَّهِ آلِهَةً لِيَكُونُوا لَهُمْ عِزًّا بیہِ چھِہ یِمو مُشرِکو خدایس ورای معبود مُقرّر کرِمت یُتھ تِمہِ بنن تہندِ حامی تہ مددگار كَلَّا تہِ ہرگز بنہِ نہ سَيَكْفُرُونَ بِعِبَادَتِهِمْ

مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ اٰلِهَةً لِّيَكُوْنُوْا لَهُمْ عِزًّا ﴿٨١﴾ كَلَّا ۭ سَيَكْفُرُوْنَ
بِعِبَادَتِهِمْ وَيَكُوْنُوْنَ عَلَيْهِمْ ضِدًّا ﴿٨٢﴾ اَلَمْ تَرَ اَنَّآ اَرْسَلْنَا الشَّيٰطِيْنَ
عَلَى الْكٰفِرِيْنَ تَؤُزُّهُمْ اَزًّا ﴿٨٣﴾ فَلَا تَعْجَلْ عَلَيْهِمْ ۭ اِنَّمَا نَعُدُّ لَهُمْ عَدًّا ﴿٨٤﴾
يَوْمَ نَحْشُرُ الْمُتَّقِيْنَ اِلَى الرَّحْمٰنِ وَفْدًا ﴿٨٥﴾ وَّنَسُوْقُ الْمُجْرِمِيْنَ
اِلٰى جَهَنَّمَ وِرْدًا ﴿٨٦﴾ لَا يَمْلِكُوْنَ الشَّفَاعَةَ اِلَّا مَنِ اتَّخَذَ عِنْدَ
الرَّحْمٰنِ عَهْدًا ﴿٨٧﴾ وَقَالُوا اتَّخَذَ الرَّحْمٰنُ وَلَدًا ﴿٨٨﴾ ۭ لَقَدْ جِئْتُمْ شَيْـــًٔا

---

وَيَكُوْنُوْنَ عَلَيْهِمْ ضِدًّا بلڪ ڪرن تہ ضرور انڪار تنهنجي پرستش جو آهن تہ تنهنجا مخالف تہ دُشمن. تنهن ڇهو ڪافرن جي گمراهي پيٺ غمگين سپدان۔ اَلَمْ تَرَ اَنَّآ اَرْسَلْنَا الشَّيٰطِيْنَ عَلَى الْكٰفِرِيْنَ تَؤُزُّهُمْ اَزًّا ڪياہ توهہ ڇهنا معلوم ڪہ اسہ ڇهہ هنر دومت شيطان ڪافرن پيٺ تہ تن ڪفر و گمراهي تہ نافرمانين پيٺ آماده ڪران ڇهہ، تلان ڇهہ، تيس پائے دشمن بدخواهہ سندہ ونہ موجب پچہ تسند شوبيا غم کيون فَلَا تَعْجَلْ عَلَيْهِمْ ۭ اِنَّمَا نَعُدُّ لَهُمْ عَدًّا پس مہ ڪرِ وتهہ درخواست تنهنده بجلدي عذابس گرفتار سپدنہ خيطره، اس ڇهہ تهنزه ڪتهہ تمن ڪتهن پيٺ تمن عذاب بيہ ڪرنہ پانہ گنزراوان۔ سُو عذاب بيہ ڪرنہ تمن تمہ دوهہ يَوْمَ نَحْشُرُ الْمُتَّقِيْنَ اِلَى الرَّحْمٰنِ وَفْدًا تمہ دوهہ اس متقي تہ پرهيزگار مهمانن هند پاٺهہ جمع ڪرو ڪهہ عزتہ سان، حضرت رحمانہ سندس مهمان خانس اندر جماڙو جماڙو وَّنَسُوْقُ الْمُجْرِمِيْنَ اِلٰى جَهَنَّمَ وِرْدًا بيہ تمہ دوهہ يڪناو و ڪهہ بڪمال خواري اسِ نافرمان جهنمس ڪُن تريشہ تريشہ ڪران۔ لَا يَمْلِكُوْنَ الشَّفَاعَةَ اِلَّا مَنِ اتَّخَذَ عِنْدَ الرَّحْمٰنِ عَهْدًا اختيار آسہ نہ ڪانسہ اَڪس شفاعت تہ سفارش ڪرنڪ مگر تس تمہ حضرت رحمانس نِش ڪانہہ عُهدا اہ تہ اجازت حاصل آسہ ڪورمت وَقَالُوا اتَّخَذَ الرَّحْمٰنُ وَلَدًا بيہ ڇهہ تمہ ڪافر ونان حضرتِ رحمانس ڇهہ اولاد۔ نصاريٰ ڇهہ ونان عيسيٰ عليہ السلامس، يهود ڇهہ ونان عزير عليہ السلامس، مُشرڪينِ عرب ڇهہ ونان ملائڪن، تمہ ڇهہ خدايہ سندہ نچو تہ ڪوره لَقَدْ جِئْتُمْ شَيْـــًٔا اِدًّا

اِذًّا ۝٨٩ تَكَادُ السَّمٰوٰتُ يَتَفَطَّرْنَ مِنْهُ وَتَنْشَقُّ الْاَرْضُ وَتَخِرُّ الْجِبَالُ
هَدًّا ۝٩٠ اَنْ دَعَوْا لِلرَّحْمٰنِ وَلَدًا ۝٩١ وَمَا يَنْۢبَغِيْ لِلرَّحْمٰنِ اَنْ يَّتَّخِذَ وَلَدًا ۝٩٢
اِنْ كُلُّ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ اِلَّآ اٰتِي الرَّحْمٰنِ عَبْدًا ۝٩٣ لَقَدْ
اَحْصٰىهُمْ وَعَدَّهُمْ عَدًّا ۝٩٤ وَكُلُّهُمْ اٰتِيْهِ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ فَرْدًا ۝٩٥
اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ سَيَجْعَلُ لَهُمُ الرَّحْمٰنُ
وُدًّا ۝٩٦ فَاِنَّمَا يَسَّرْنٰهُ بِلِسَانِكَ لِتُبَشِّرَ بِهِ الْمُتَّقِيْنَ وَتُنْذِرَ

---

تَكَادُ السَّمٰوٰتُ يَتَفَطَّرْنَ مِنْهُ وَتَنْشَقُّ الْاَرْضُ وَتَخِرُّ الْجِبَالُ هَدًّا پئز پاٹھِ تُہہ آوہ کتھاہ ہیتھ سیٹھاہ مُشکل یہ چھہ ترٛٹھ مُشکل کتھاہ کہ قریب چھُو آسمانن ماگرٕ ژھن اَمہِ کتھہِ سیتِ پھٹلہ، یہ ماپھٹہِ زمین، یہ ماپین وٕسِتھ کوہ سُورگرٛژھتھ اَنْ دَعَوْا لِلرَّحْمٰنِ وَلَدًا اتھ کتھہ پیٹھ کہ لُوکو ٹھہراوِ حضرتِ رحمانس اَولاد وَمَا يَنْۢبَغِيْ لِلرَّحْمٰنِ اَنْ يَّتَّخِذَ وَلَدًا ہرگزٕ چھُونہ سزاوار حضرتِ رحمانس تٕس کیا آسن اولاد اِنْ كُلُّ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ اِلَّآ اٰتِي الرَّحْمٰنِ عَبْدًا کیاہ زِ چھُونہ کانہہ آسمانن تہٕ زمین اندر یُس نہ حضرتِ رحمانس برونٹھ کُن غلام بنتھ حاضر سپدان چھُو لَقَدْ اَحْصٰىهُمْ وَعَدَّهُمْ عَدًّا بیشک تمہِ چھُو سارنی بندن پننہِ قدرتہٕ سیتِ احاطہ کورمُت، یہ چھِہ ساری گنزرِتھ تھاوٕمتِ یہ گو دنیاہس اندر وَكُلُّهُمْ اٰتِيْهِ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ فَرْدًا یہ واتن قیامتک دوہ تمہِ ساری تٕس برونٹھ کُن اکھ اکھ۔ کُنہ زُن کانہہ تہٕ سیتِ آسیس۔ اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ سَيَجْعَلُ لَهُمُ الرَّحْمٰنُ وُدًّا پئز پاٹھ تمو ایمان اوٚن یہ کریکھ رٕژہ عملہ، ضرورکرِ اللہ تعالیٰ ضروری نعمتو علاوہ دنیاہس اندر تہند محبّت پیدہ لُوکن ہندین دِلن اندر۔ تُہہ فرماوِو تمن بشارت اچھ فَاِنَّمَا يَسَّرْنٰهُ بِلِسَانِكَ لِتُبَشِّرَ بِهِ الْمُتَّقِيْنَ وَتُنْذِرَ بِهٖ قَوْمًا لُّدًّا اَسہِ کورنہ سہل تہٕ آسان یہ قرآن مجید تہنز زیوِ یعنی عربی پاٹھِ مگر کوریی مُو کھ یُتھ تُہہ بشارت فرماوِو شانتین تہٕ پرہیزگارن یہ یُتھ تُہہ بیم کرِو، کھوژہ ناویون اَمہ (قرآن مجید) سیت ہٹرل قوم وَكَمْ

بِهٖ قَوْمًا لُّدًّا ﴿٩٧﴾ وَكَمْ اَهْلَكْنَا قَبْلَهُمْ مِّنْ قَرْنٍ ؕ هَلْ تُحِسُّ
مِنْهُمْ مِّنْ اَحَدٍ اَوْ تَسْمَعُ لَهُمْ رِكْزًا ﴿٩٨﴾ ع

---

اَهْلَكْنَا قَبْلَهُمْ مِّنْ قَرْنٍ هَلْ تُحِسُّ مِنْهُمْ مِّنْ اَحَدٍ اَوْ تَسْمَعُ لَهُمْ رِكْزًا بيه ڪاڙاه جماڙنا فرمانن هنزه ڪرهِ اَسهِ هلاڪ ته تباه ازِ ڪين نافرمانن بروٺهه ـ تُهه پڇهونهٔ لبان تموانده ڪانڙهاه يا ڇهوه بُوزان تهندِه لُوته لوتهِ پيڇڇ آوازاه تُهند نام ونشان ٿهوونه اَسهِ گنهِ ـ يتهي پاٺهه تهم تُهنز مخالفت ڪرن تمن ته بنهِ تهنزي باشِ ـ خوش رُوزِو ـ



## سُوْرَةُ طٰهٰ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
طٰهٰ ۚ (١) مَآ اَنْزَلْنَا عَلَيْكَ الْقُرْاٰنَ لِتَشْقٰٓى ۙ (٢) اِلَّا تَذْكِرَةً لِّمَنْ
يَّخْشٰى ۙ (٣) تَنْزِيْلًا مِّمَّنْ خَلَقَ الْاَرْضَ وَالسَّمٰوٰتِ الْعُلٰى ۭ (٤)
اَلرَّحْمٰنُ عَلَى الْعَرْشِ اسْتَوٰى (٥) لَهٗ مَا فِى السَّمٰوٰتِ وَمَا فِى
الْاَرْضِ وَمَا بَيْنَهُمَا وَمَا تَحْتَ الثَّرٰى (٦) وَاِنْ تَجْهَرْ بِالْقَوْلِ
فَاِنَّهٗ يَعْلَمُ السِّرَّ وَاَخْفٰى (٧) اَللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۭ لَهُ الْاَسْمَآءُ

---

طٰهٰ تِم چھِہ حُروف مُقطعاتو اَندرہ تِمن ہُند معنی زانہِ پانہ خُدا مَآ اَنْزَلْنَا عَلَيْكَ الْقُرْاٰنَ لِتَشْقٰٓى اَسہِ کورنہ نازِل توہہِ پیٹھ یہ قرآن مجید یُتھ تُہہ پانس تکلیف تہ محنت واتناوِو اِلَّا تَذْكِرَةً لِّمَنْ يَّخْشٰى بلکہ کور نازِل تَس شخصہ سندِہ نصیحتہ خیطرہ یُس کھوژان آسہ تَنْزِيْلًا مِّمَّنْ خَلَقَ الْاَرْضَ وَالسَّمٰوٰتِ الْعُلٰى یہِ قرآن مجید چھُو نازِل کرنہ آمُت تَس خدایہِ سندِہ طرفہ تِم زمین تہ تھدِ آسمان پیدہ کَرمتِ چھہِ اَلرَّحْمٰنُ عَلَى الْعَرْشِ اسْتَوٰى تِمسُند اکھ ناو چھُو رحمٰن۔ یُس عرش پیٹھ قائم چھُو۔ لَهٗ مَا فِى السَّمٰوٰتِ وَ مَا فِى الْاَرْضِ وَمَا بَيْنَهُمَا وَمَا تَحْتَ الثَّرٰى تُہندی چھُو تہِ سورُوی یہِ آسمانن تہ زمینن منز چھُو۔ بیہِ تہ سورُوی یہِ تِمن دون منز باگ چھُو۔ بیہِ یہِ زمینہ تل چھُو وَاِنْ تَجْهَرْ بِالْقَوْلِ فَاِنَّهٗ يَعْلَمُ السِّرَّ وَاَخْفٰى تُہندِہ علمُچ کیفیت چھہ یہِ کہ ہرگاہ ژہ اے مُخاطِب بڈہ کتھ کرکھ تیٚمِ چھنہ کُنھی، سُو چھُو لوت لوت کتھ تہِ بوزان۔ بیہِ لوتہِ خوتہ لُوت کتھ تہِ بوزان، یُس ونہِ دِلہ سی منز آسہِ۔ اَللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ لَهُ الْاَسْمَآءُ الْحُسْنٰى سُو چھُو سُو معبُودِ برحق، کانہہ معبوداہ چھُونہ تیٚمِ ورای، تَس چھہِ رتِ نامِ پاک تِم تہندین صِفاتن تہ کمالاتن پیٹھ دلالت چھہِ کران۔ تمی ذات مُستجمع الصفاتن کور نازِل یہ قرآنِ مجید

الْحُسْنٰى ﴿٨﴾ وَهَلْ اَتٰىكَ حَدِيْثُ مُوْسٰى ﴿٩﴾ اِذْ رَاٰ نَارًا فَقَالَ
لِاَهْلِهِ امْكُثُوْٓا اِنِّيْٓ اٰنَسْتُ نَارًا لَّعَلِّيْٓ اٰتِيْكُمْ مِّنْهَا بِقَبَسٍ اَوْ
اَجِدُ عَلَى النَّارِ هُدًى ﴿١٠﴾ فَلَمَّآ اَتٰىهَا نُوْدِيَ يٰمُوْسٰى ﴿١١﴾ اِنِّيْٓ اَنَا
رَبُّكَ فَاخْلَعْ نَعْلَيْكَ ۚ اِنَّكَ بِالْوَادِ الْمُقَدَّسِ طُوًى ﴿١٢﴾
وَاَنَا اخْتَرْتُكَ فَاسْتَمِعْ لِمَا يُوْحٰى ﴿١٣﴾ اِنَّنِيْٓ اَنَا اللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّآ
اَنَا فَاعْبُدْنِيْ ۙ وَاَقِمِ الصَّلٰوةَ لِذِكْرِيْ ﴿١٤﴾ اِنَّ السَّاعَةَ اٰتِيَةٌ

---

وَهَلْ اَتٰىكَ حَدِيْثُ مُوْسٰى بيهِ ڇا تو ھِہ اي محمد واڳر موسىٰ عليه السلام سندهِ قصي خبر۔ سو قصّہ ڇهو ٻوڌڻ لائق۔ تهِ منجهِ توحيد ۽ متعلق علوم، تمن ھند تبليغ ڪرڻ نفع ڏيڻ وارا ڇهو ڳالهيون پيٺ پاڻ واقع سڏمت ڇهو اِذْ رَاٰ نَارًا فَقَالَ لِاَهْلِهِ امْكُثُوْٓا اِنِّيْٓ اٰنَسْتُ نَارًا لَّعَلِّيْٓ اٰتِيْكُمْ مِّنْهَا بِقَبَسٍ اَوْ اَجِدُ عَلَى النَّارِ هُدًى يلهِ تمو ڏٺهِ ڏورهِ اک ناراه يلهِ تم شهر مدينس نشهِ واپس يوان آسِ وَتہ لڳهِ راتھ بيهِ لڳهِ سردي پس دو ڇڳهِ عيالس پنهِ نس تهِ ٺهرو يتهِ تهي۔ مهِ آو لبنهِ ناراه يس نوراوس مگر شڪل آسس نارڇ۔ بوڳهِ تهِ جايهِ ديوهِ بوتوره انهِ تمهِ ناره منزه تهندهِ خيطره تنگله يتھ سردي ھند علاج سيڌهِ يالبهِ بونارچهِ جايهِ پيٺهِ ڪانهہ وتہ ھاوکهاه فَلَمَّآ اَتٰىهَا نُوْدِيَ يٰمُوْسٰى ادهِ يلهِ سو تهِ نارس نکھ ڏوت، آواز گيس خدايه سندهِ طرفہ اي موسىٰ اِنِّيْٓ اَنَا رَبُّكَ نار ڇهنہ يار ڇهو۔ بيشڪ ٻو ڇهوس پروردگار چون فَاخْلَعْ نَعْلَيْكَ ۚ اِنَّكَ بِالْوَادِ الْمُقَدَّسِ طُوًى پس ڪڍ وکھور واندره نعلين پنِ ڪيازهِ تهِ ڇهوہ پاڪ ميدانس اندر يتھ ناو ڇهو طوى۔ نعلين تهز ڇهنہ پاڪ سو ڇهِ مستعمل۔ کھوربانہ اگر پاڪ آسہِ تمهِ سان نماز پرن ڇهِ جائز مگر ھرگاه مستعمل تہ ناپاڪ آسہِ تيلهِ ڇهنہ تمهِ سان نماز جائز۔ وَاَنَا اخْتَرْتُكَ فَاسْتَمِعْ لِمَا يُوْحٰى مهِ ڪرِ موہ تهِ باقي لوڪو اندره پيغمبري خيطره منتخب۔ پس بوزِو واره تمِ احڪام تمِ توهِ ڪن سوزنہ ين اِنَّنِيْٓ اَنَا اللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّآ اَنَا فَاعْبُدْنِيْ ۙ وَاَقِمِ الصَّلٰوةَ لِذِكْرِيْ بيشڪ ٻو ي ڇهوس معبودِ برحق۔ ڪانہہ معبود اه ڇهونہ مهِ وراي۔ پس ڪرِ ومياني ياڳ پرستش۔ بيهِ تھاوِ نماز برپا ميانہِ ياده خيطره۔

اَكَادُ اُخۡفِيۡهَا لِتُجۡزٰى كُلُّ نَفۡسٍۭ بِمَا تَسۡعٰى ﴿١٥﴾ فَلَا يَصُدَّنَّكَ عَنۡهَا
مَنۡ لَّا يُؤۡمِنُ بِهَا وَاتَّبَعَ هَوٰٮهُ فَتَرۡدٰى ﴿١٦﴾ وَمَا تِلۡكَ بِيَمِيۡنِكَ يٰمُوۡسٰى ﴿١٧﴾
قَالَ هِىَ عَصَاىَ‌ۚ اَتَوَكَّؤُا عَلَيۡهَا وَاَهُشُّ بِهَا عَلٰى غَنَمِىۡ وَلِىَ فِيۡهَا
مَاٰرِبُ اُخۡرٰى ﴿١٨﴾ قَالَ اَلۡقِهَا يٰمُوۡسٰى ﴿١٩﴾ فَاَلۡقٰٮهَا فَاِذَا هِىَ حَيَّةٌ
تَسۡعٰى ﴿٢٠﴾ قَالَ خُذۡهَا وَلَا تَخَفۡ‌ سَنُعِيۡدُهَا سِيۡرَتَهَا الۡاُوۡلٰى ﴿٢١﴾
وَاضۡمُمۡ يَدَكَ اِلٰى جَنَاحِكَ تَخۡرُجۡ بَيۡضَآءَ مِنۡ غَيۡرِ سُوۡٓءٍ اٰيَةً

---

دوئم ڳالهه ڇه يه ته اِنَّ السَّاعَةَ اٰتِيَةٌ اَكَادُ اُخۡفِيۡهَا پر پاڻ قيامت ڇه ضرور ايندي ون. ٻو ڇهوس سو مخلوق نشه کهٽت ٿاون پڙهان. سو قيامت ٻيه تمه مٿو کهه لِتُجۡزٰى كُلُّ نَفۡسٍۭ بِمَا تَسۡعٰى هته پرينه اکهاه بدله حاصل هيکه کر ته تمه سارگوي تمه خيطره سو اوره يور سعي و تلاش کران ڇهو فَلَا يَصُدَّنَّكَ عَنۡهَا مَنۡ لَّا يُؤۡمِنُ بِهَا وَاتَّبَعَ هَوٰٮهُ فَتَرۡدٰى پس مه رٽنے ڙه پته تمه قيامته فکره نشه سو شخص تمس نه نچ پڙهي ڇهه. ٻيه ڇهو سو نفسچه خواهشه هنز پيروي کران، هر گاه ڙه تمه ڏو لکه اده گڙهکه ڙه تباه وَمَا تِلۡكَ بِيَمِيۡنِكَ يٰمُوۡسٰى اى موسىٰ يه کياه ڇهو توهه ڏڇهنس اٿهس کيته قَالَ هِىَ عَصَاىَ‌ۚ اَتَوَكَّؤُا عَلَيۡهَا وَاَهُشُّ بِهَا عَلٰى غَنَمِىۡ وَلِىَ فِيۡهَا مَاٰرِبُ اُخۡرٰى تمو ڏوپ خدايايه ڇهمه پن لوره هن. يه ڇهن بوگنه ڏکهر اوان. ٻيه ڦهس بوگنه امى سيت پنه نين تيرن هنده خيطره پن ڇهانان. ٻيه ته ڇهمه اته منز وارياه مطلب قَالَ اَلۡقِهَا يٰمُوۡسٰى الله تعالىٰ ان فرموڏس اى موسىٰ يه لور تراون اته منزه زمينس پيٺه فَاَلۡقٰٮهَا فَاِذَا هِىَ حَيَّةٌ تَسۡعٰى پس تراون اته منزه سو لور. اتي بنيو ته هنگه منگه سر فاه دوره دور کران. موسىٰ عليه السلام کهوڙ قَالَ خُذۡهَا وَلَا تَخَفۡ‌ سَنُعِيۡدُهَا سِيۡرَتَهَا الۡاُوۡلٰى الله تعالىٰ ان فرموڏس کر يوس ڇهه، کهو ڙومه. تهپ کره ونوي نمون اس يه ٻيه گڏ نکس حالتس گن. يعني يه سپده ٻيه لور. اکه قدرتک نشانه گويه. امه پته کروه عطا قدرتک بياکه نشانه. وَاضۡمُمۡ يَدَكَ اِلٰى جَنَاحِكَ تَخۡرُجۡ بَيۡضَآءَ مِنۡ غَيۡرِ سُوۡٓءٍ اٰيَةً اُخۡرٰى ٻيه ٿاوِ پنن ڏڇهن اته پنه نس کهو فرس کڙهس منز سونيره

اُخْرٰى ﴿٢٢﴾ لِنُرِيَكَ مِنْ اٰيٰتِنَا الْكُبْرٰى ﴿٢٣﴾ اِذْهَبْ اِلٰى فِرْعَوْنَ اِنَّهٗ
طَغٰى ﴿٢٤﴾ قَالَ رَبِّ اشْرَحْ لِيْ صَدْرِيْ ﴿٢٥﴾ وَيَسِّرْ لِيْٓ اَمْرِيْ ﴿٢٦﴾ وَاحْلُلْ
عُقْدَةً مِّنْ لِّسَانِيْ ﴿٢٧﴾ يَفْقَهُوْا قَوْلِيْ ﴿٢٨﴾ وَاجْعَلْ لِّيْ وَزِيْرًا مِّنْ
اَهْلِيْ ﴿٢٩﴾ هٰرُوْنَ اَخِي ﴿٣٠﴾ اشْدُدْ بِهٖٓ اَزْرِيْ ﴿٣١﴾ وَاَشْرِكْهُ فِيْٓ اَمْرِيْ ﴿٣٢﴾
كَيْ نُسَبِّحَكَ كَثِيْرًا ﴿٣٣﴾ وَّنَذْكُرَكَ كَثِيْرًا ﴿٣٤﴾ اِنَّكَ كُنْتَ بِنَا
بَصِيْرًا ﴿٣٥﴾ قَالَ قَدْ اُوْتِيْتَ سُؤْلَكَ يٰمُوْسٰى ﴿٣٦﴾ وَلَقَدْ مَنَنَّا

---

توره سیٹھاه سفید روشن۔ نِہ نِہ گره ڈن کُنہِ عیبہ ورای۔ یہِ چھو دوئُم مُعجزه۔ تِم دِوشوے مُعجزه سانہ قدرتک تہ تھندِه نبوّتکِ تِم کُرِ اَسہِ توہِہ عطا۔ لِنُرِيَكَ مِنْ اٰيٰتِنَا الْكُبْرٰى یتھ اسِ توہِہ ہاووه پنہِ قدرتہ کیو بڈیو نشانو اَندره بعضے نشانہ اِذْهَبْ اِلٰى فِرْعَوْنَ اِنَّهٗ طَغٰى تیَہِ ہیتھ گرِ ھوتُھہ فرعونس نشہِ، پنز پاٹھِ تِم چھہ سرکشی کُرمژ۔ تِم چھو دعوائے خدائی دتیمُت۔ مُوسیٰ علیہ السلامُس سپُد معلوم کہ بُوِ سمہِ سوزنہ پیغمبر فرعونس فہمایش کرنہ خیطره۔ تمو کور دُعا کہ پروردگار اَمہِ تھدِه مصبک مُشکلات کرژه مہِ سہَل تہ آسان قَالَ رَبِّ اشْرَحْ لِيْ صَدْرِيْ * وَيَسِّرْ لِيْٓ اَمْرِيْ تمو دُوپ ای میانہِ پروردگاره میون حوصلہ کرسیٹھاه وسیع بیہِ کرمیانِ کوم۔ تبلیغ کرُن آسان میانہِ خیطره وَاحْلُلْ عُقْدَةً مِّنْ لِّسَانِيْ * يَفْقَهُوْا قَوْلِيْ بیہِ مژراو پھِھِرُک گنڈ میانہِ زیوه نشہِ یتھ لُوکھ میانِ کتھ واره بوزن وَاجْعَلْ لِّيْ وَزِيْرًا مِّنْ اَهْلِيْ * هٰرُوْنَ اَخِي * اشْدُدْ بِهٖٓ اَزْرِيْ بیہِ کرتہ میانہِ خیطره میون مددگار میانی خاندانہ منزه کانژھاه۔ ہارُون، یُس میون بوی چھو۔ تھندی سیتِ درراوتہ میانِ تھرتہ میون قوّت وَاَشْرِكْهُ فِيْٓ اَمْرِيْ بیہِ کرُن سُو میون شریک میانہِ تبلیغہ چہِ کامہِ اندر یعنی سُوتہِ بناوُن پیغمبر۔ تِمس تہ کر حُکم تبلیغ کرنُک كَيْ نُسَبِّحَكَ كَثِيْرًا یتھ اَس دوشوے چون تسبیح آسو تھلیِھہ وقتہ زیاده کران وَّنَذْكُرَكَ كَثِيْرًا بیہِ آسو چون یاد زیاده کران اِنَّكَ كُنْتَ بِنَا بَصِيْرًا بیشک ژه چھوک سُون حال واره ڈیچھ وُن قَالَ قَدْ اُوْتِيْتَ سُؤْلَكَ يٰمُوْسٰى اللہ تعالیٰ اَن فرمودس ای موسیٰ تُھہ اُووه عطا کرنہ یہ تُھہ

عَلَيْكَ مَرَّةً اُخْرٰٓى ﴿٣٧﴾ اِذْ اَوْحَيْنَآ اِلٰٓى اُمِّكَ مَا يُوْحٰٓى ﴿٣٨﴾
اَنِ اقْذِفِيْهِ فِى التَّابُوْتِ فَاقْذِفِيْهِ فِى الْيَمِّ فَلْيُلْقِهِ الْيَمُّ
بِالسَّاحِلِ يَاْخُذْهُ عَدُوٌّ لِّىْ وَعَدُوٌّ لَّهٗ ؕ وَاَلْقَيْتُ عَلَيْكَ مَحَبَّةً
مِّنِّىْ ۚ وَلِتُصْنَعَ عَلٰى عَيْنِىْ ﴿٣٩﴾ اِذْ تَمْشِىْٓ اُخْتُكَ فَتَقُوْلُ هَلْ
اَدُلُّكُمْ عَلٰى مَنْ يَّكْفُلُهٗ ؕ فَرَجَعْنٰكَ اِلٰٓى اُمِّكَ كَىْ تَقَرَّ عَيْنُهَا
وَلَا تَحْزَنَ ۬ ؕ وَقَتَلْتَ نَفْسًا فَنَجَّيْنٰكَ مِنَ الْغَمِّ وَفَتَنّٰكَ

---

منگان پڇو ـ ربِ اشرح لي پيٺ ـ سڀ گئے تم چيز تمن هُند توهه در خواست ڪوروه وَلَقَدْ مَنَنَّا عَلَيْكَ مَرَّةً اُخْرٰٓى پڙپاٽِ اسهِ ڇهو توهه پيٺ بيه لڳ ته احسان ڪورمُت ٿهندِه درخواسته وراى اِذْ اَوْحَيْنَآ اِلٰٓى اُمِّكَ مَا يُوْحٰٓى يلهِ اسهِ الهام تروو ٿهنزِه ماجهِ والِدس ٿهندِه زينڪه وقته سوڪُه يُوسه اِلهامه پاٺي واتاوَنه يوان ڇهه اَنِ اقْذِفِيْهِ فِى التَّابُوْتِ فَاقْذِفِيْهِ فِى الْيَمِّ يهه ڪُه ڪه موسىٰ بچاؤن جلادو هنديواٺو نشهِ ـ بيه ٿهاؤن صندوقس منز تو پته تراون سُو صندوق درياوس منز فَلْيُلْقِهِ الْيَمُّ بِالسَّاحِلِ يَاْخُذْهُ عَدُوٌّ لِّىْ وَعَدُوٌّ لَّهٗ تو پته واته ناوِه درياءِ صندوقس بٺهس سيتِ ـ پتو لاگس رٽهِ امُس اڪه ميون دُشمن ـ بيه تهوند دُشمن وَاَلْقَيْتُ عَلَيْكَ مَحَبَّةً مِّنِّىْ بيه تروومهِ توهه پيٺ پنُن محبّت ـ يعني يُس توههِ ڪُن وڇهان اوس تس اوس ٿهند محبّت گرڇهان وَلِتُصْنَعَ عَلٰى عَيْنِىْ بيه ئته ٿهه رڇهنه ايوِ ميانهِ خاص نگراني تل يهِ گوتي وقته اِذْ تَمْشِىْٓ اُخْتُكَ فَتَقُوْلُ هَلْ اَدُلُّكُمْ عَلٰى مَنْ يَّكْفُلُهٗ يلهِ پکان پکان واتهِنهِ، همشيره ٿهنز ٿهند حال دريافت ڪران ڪران فرعونه سُند گهره تمو آسه اَمرِه واريا ه ذُوده ماجهِ توههِ دود دِنه خيطره ـ ٿهه آسوه نه ڪانسه هنز بب رٽان ـ پس لِڇهه سو ٿهنز همشيره وننهِ بو ها ووده توههِ تس زنانهِ هُند پته يُوسه اُمس واره پاٺهِ رڇهه ـ تمو دُپس ڪنيزِ ها ه ڪرته جلد پهن ـ تمهِ ان والده ٿهنز فَرَجَعْنٰكَ اِلٰٓى اُمِّكَ كَىْ تَقَرَّ عَيْنُهَا وَلَا تَحْزَنَ تو پته واتاووه اَسِ تهه پننهِ ماجه نشهِ يُوتھ ٿهنزه اَڇهه شهلن ـ بيه سپدِه نه سو ٿهنزِه جدائي سببه غمگين ـ بوڈ واتهه ڪرووه اَسِ توههِ بياڪه احسان وَقَتَلْتَ نَفْسًا فَنَجَّيْنٰكَ مِنَ الْغَمِّ

فُتُوْنًا ۬ فَلَبِثْتَ سِنِيْنَ فِيْٓ اَهْلِ مَدْيَنَ ڏ ثُمَّ جِئْتَ عَلٰى قَدَرٍ
يّٰمُوْسٰى ﴿٤٠﴾ وَاصْطَنَعْتُكَ لِنَفْسِيْ ﴿٤١﴾ اِذْهَبْ اَنْتَ وَاَخُوْكَ بِاٰيٰتِيْ
وَلَا تَنِيَا فِيْ ذِكْرِيْ ﴿٤٢﴾ اِذْهَبَآ اِلٰى فِرْعَوْنَ اِنَّهٗ طَغٰى ﴿٤٣﴾ فَقُوْلَا لَهٗ
قَوْلًا لَّيِّنًا لَّعَلَّهٗ يَتَذَكَّرُ اَوْ يَخْشٰى ﴿٤٤﴾ قَالَا رَبَّنَآ اِنَّنَا نَخَافُ اَنْ
يَّفْرُطَ عَلَيْنَآ اَوْ اَنْ يَّطْغٰى ﴿٤٥﴾ قَالَ لَا تَخَافَآ اِنَّنِيْ مَعَكُمَآ اَسْمَعُ
وَاَرٰى ﴿٤٦﴾ فَاْتِيٰهُ فَقُوْلَآ اِنَّا رَسُوْلَا رَبِّكَ فَاَرْسِلْ مَعَنَا بَنِيْٓ

---

**وَفَتَنّٰكَ فُتُوْنًا** بيو مُوروَن توهِه غلطي سببه قبطيو اندره اکه شخصاه، پَس ڏيت اسهِ توهِه نجات غمه نشهِ۔ خوف عقابه نشهِ ڏيت اَسهِ توهِه نجات استغفارُک توفيق دِنه سيت۔ يُس استغفار اَسهِ قبول کور۔ خوف انتقامه نشهِ ڏيت اَسهِ توهِه نجات، مِصره نشهِ واتناوِوه اَسهِ تُهه شهر مديَنس منز۔ بيه گَره اَسهِ توهه شهر مدينه واتنس تان وارياه آزمائيشه تِمو سيت انسان پختہ کار ڇهو بنان **فَلَبِثْتَ سِنِيْنَ فِيْٓ اَهْلِ مَدْيَنَ** تو پته رُودوه تُهه شهرِ مدينه کين لوکن نشهِ واريَهن ورِهَن **ثُمَّ جِئْتَ عَلٰى قَدَرٍ يّٰمُوْسٰى** تو پته واتوه تُهه خاص وقتس پيٹھ يُس تهندِه خيطره تقديره موجب موزون و مناسب اُوس ميانه همکلامي خيطره بيه مصرس منزاي موسىٰ۔ **وَاصْطَنَعْتُكَ لِنَفْسِيْ** تُهه بناوِوه مه خاص پننه کامه خيطرهِ يعني نبوّت و رسالته خيطره **اِذْهَبْ اَنْتَ وَاَخُوْكَ بِاٰيٰتِيْ وَلَا تَنِيَا فِيْ ذِكْرِيْ** لهذا گژهِو تُهه بيه تُهند برادر هارون عليه السلام ميان آيات هيتھ يعني ميان مُعجزاتِ عصا ته يدِ بيضا هيتھ۔ مُتهنه سُستي کَرِو مياَنس بارَس اندر **اِذْهَبَآ اِلٰى فِرْعَوْنَ اِنَّهٗ طَغٰى** گژهِو فرعونس نشهِ کيازِه تمِ کَر سرکشي **فَقُوْلَا لَهٗ قَوْلًا لَّيِّنًا لَّعَلَّهٗ يَتَذَكَّرُ اَوْ يَخْشٰى** پَس کَرِو تس سيتِ کتھ نرم نرم، شائد سُو مارِٹهِ نصيحت ياما کهوژِه خدايه سندِس عذابَس **قَالَا رَبَّنَآ اِنَّنَا نَخَافُ اَنْ يَّفْرُطَ عَلَيْنَآ اَوْ اَنْ يَّطْغٰى** تمو دوشوي ڏوپ اَي سانه پروردگاره اسِ ڇهِ کهوژان سُو گژهنه برونٹهي اَسهِ پيٹھ کُنهِ بدسلوکي سيتِ پيش مُن يا گژهه نه اَسهِ برونٹھ کُنهِ تهِ سرکشي کرُن۔ **قَالَ لَا تَخَافَآ اِنَّنِيْ مَعَكُمَآ اَسْمَعُ وَاَرٰى** الله تعالىٰ ان فرموو کهُو ژِومه تُهه۔ امِيُک مه کَرِو کانهه پروا۔

إِسْرَآءِيلَ ۙ وَلَا تُعَذِّبْهُمْ ۖ قَدْ جِئْنَاكَ بِآيَةٍ مِّن رَّبِّكَ ۖ وَالسَّلَامُ
عَلَىٰ مَنِ اتَّبَعَ الْهُدَىٰ ﴿٤٧﴾ إِنَّا قَدْ أُوحِيَ إِلَيْنَا أَنَّ الْعَذَابَ عَلَىٰ مَن
كَذَّبَ وَتَوَلَّىٰ ﴿٤٨﴾ قَالَ فَمَن رَّبُّكُمَا يَا مُوسَىٰ ﴿٤٩﴾ قَالَ رَبُّنَا الَّذِي أَعْطَىٰ
كُلَّ شَيْءٍ خَلْقَهُ ثُمَّ هَدَىٰ ﴿٥٠﴾ قَالَ فَمَا بَالُ الْقُرُونِ الْأُولَىٰ ﴿٥١﴾
قَالَ عِلْمُهَا عِندَ رَبِّي فِي كِتَابٍ ۖ لَّا يَضِلُّ رَبِّي وَلَا يَنسَى ﴿٥٢﴾

---

بُہ چھُس پانہٕ توہہِ سیت سورُوی بوزان سورُوی وچھان۔ میانِ یاری تہٕ مدد چھُو توہہِ سیت فکر مہٕ کٔرِو بو کرہٕ تُہنٛز حفاظت سۄ کرن بو مرعوب فَأْتِيَاهُ فَقُولَا إِنَّا رَسُولَا رَبِّكَ فَأَرْسِلْ مَعَنَا بَنِي إِسْرَآءِيلَ لہذا گژھِو تس نشہِ بے خوف و خطر۔ تہٕ وَنِیوس پٔنٕز پاٹھِ اَسِ چھِ چانِس پروردگارہ سندِ طرفہٕ زٕہ پیغمبر لہذا کر ژٕ سان اطاعت۔ توحید مان۔ یہِ روز ظلمہٕ نشہِ پتھ۔ تراو کھ اَسہِ سیت بنی اسرائیل۔ تم مہٕ بناو کھ ژٕ پنٕنۍ غلام۔ تم کٔرِکھ آزاد۔ تِمن دِہ آزادانہ زندگی بسر کرنہٕ وَلَا تُعَذِّبْهُمْ تِمن پیٹھ مہٕ کر ظلم۔ اَسِ یُس پیغمبری ہُند دعوے کران چھِ، یہِ دعوے چھِنہٕ کران اَسِ یتھے قَدْ جِئْنَاكَ بِآيَةٍ مِّن رَّبِّكَ وَالسَّلَامُ عَلَىٰ مَنِ اتَّبَعَ الْهُدَىٰ پٔنٕز پاٹھِ اَسِ چھِ آمتِ ژٕ نشہِ چانِس پروردگارہ سندِ طرفہٕ مُعجزہ ہیتھ۔ سلامتی چھِ تس شخصہٕ سندِ خیطرہ یُس پیروی کرِ سیزِ وَتہِ ہنٛز إِنَّا قَدْ أُوحِيَ إِلَيْنَا أَنَّ الْعَذَابَ عَلَىٰ مَن كَذَّبَ وَتَوَلَّىٰ اَسہِ پیٹھ چھُو پٔنٕز پاٹھٕ وحی نازِل آمٕت کرنہٕ کہ بیشک خدایہِ سُند عذاب پیِہ تس کرنہٕ یُس پٔنٕزِس زانہِ اُنٛز بیِہ کرِ روگردانی یعنے پزِ نشہِ پھرِ ہ بتھ۔ یہِ سورُوی مضمون وَنو تس۔ چنانچہ تم دوشوے آئے فرعونس نشہِ یہِ سورُوی مضمون کورُکھ تس بیان۔ قَالَ فَمَن رَّبُّكُمَا يَا مُوسَىٰ فرعونن دوپچھ تورہ سۄ کُس چھُو تہند پروردگار اے مُوسیٰ قَالَ رَبُّنَا الَّذِي أَعْطَىٰ كُلَّ شَيْءٍ خَلْقَهُ ثُمَّ هَدَىٰ حضرتِ موسیٰ اَن دوپُس سۄن پروردگار چھُو سۄی یُمہِ پرتھ چیزس دِژ پنٕنۍ پنٕنۍ صورت تہٕ شکل۔ تہٕ پتہٕ تم تمو اندرٕ جاندار چیز چھِ تِمن ہاون وتھ پنہٕ نین پنہٕ نین مُنافعن کُن قَالَ فَمَا بَالُ الْقُرُونِ الْأُولَىٰ فرعونن دوپچھ برونٛٹھمہٕ وقتہٕ کین لُوکن ہُند کیاہ حال سپُد یمو برونٛٹھمین پیغمبرن تکذیب کر، تِمن پیٹھ کوہ عذاب سپُد

الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ الْاَرْضَ مَهْدًا وَّسَلَكَ لَكُمْ فِيْهَا سُبُلًا وَّ
اَنْزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً ؕ فَاَخْرَجْنَا بِهٖۤ اَزْوَاجًا مِّنْ نَّبَاتٍ شَتّٰى ۝۵۳
كُلُوْا وَارْعَوْا اَنْعَامَكُمْ ؕ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّاُولِي النُّهٰى ۝۵۴ مِنْهَا
خَلَقْنٰكُمْ وَفِيْهَا نُعِيْدُكُمْ وَمِنْهَا نُخْرِجُكُمْ تَارَةً اُخْرٰى ۝۵۵ وَلَقَدْ اَرَيْنٰهُ

---

نازِل قَالَ عِلْمُهَا عِنْدَ رَبِّيْ فِيْ كِتٰبٍ حضرتِ موسیٰ ان دوپُس کہ مُیون دعویٰ ڇھونہ کہ سُو عذاب کیاہ سپِدہ تمن دنیاء سی اندر ضرور بلکہ ڇھو سُو عذاب دُنیاءس منزتہ تمن ہندِہ حقّہ۔ ہرگاہ سُو یژھہ آخرِ تس منز ڇھو یقیناً۔ چنانچہ تہندین بداعمالن ہُند علم ڇھو میانس پروردگارس نِشہِ اعمالن ہندِس دفترس منز موجوُد۔ اگرچہ تس ڇھنہ ضرورت دفترس محفوظ تھاوُنچ کیازہ میون پروردگار ڇھو تیتھ زانن ۆول کہِ لَا يَضِلُّ رَبِّيْ وَلَا يَنْسَى نہ ڇھو سُو غلطی کران کُنہِ چیزس منز نہ ڇھو تس مشتھ گژھان۔ پس ڇھو تس تہندین سارنی عملن ہُند صحیح صحیح علم مگر عذابہ خیطرہ ڇھون وقاہ مُقرر کورمُت۔ یلہِ سُو وقت واتہ، سُو عذاب یِیہِ تمن پیٹھ جاری کرنہ۔ یُوتان سپُد موسیٰ علیہ السّلامُن تقریر ختم۔ اَمہِ پتہ ڇھو اللہ تعالیٰ پنُن شان پانہ فرماوان الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ الْاَرْضَ مَهْدًا وَّسَلَكَ لَكُمْ فِيْهَا سُبُلًا وَّاَنْزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَاَخْرَجْنَا بِهٖۤ اَزْوَاجًا مِّنْ نَّبَاتٍ شَتّٰى سُو پروردگار گوسُوی یَیم زمین کٔر تُہندِہ خیطرہ وُتھر ناہ تتھ پیٹھ ڇھوہ تُہہ آرام کران۔ یِیہِ گٔجن اَتھ زمینس منز تُہندہ پکنہ خیطرہ وَتہ۔ یِیہِ ترووُن آسمانکہِ طرفہ رُود۔ پس کھارِ اَسہِ تمی رُودہ سیتِ زمینہ منزہ مختلف نباتات۔ گاسن ہندِ اقسام كُلُوْا وَارْعَوْا اَنْعَامَكُمْ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّاُولِي النُّهٰى تو پتہ آو توہہِ اِجازت دِنہ کہ کھیوِ تُہہ اَکھ پانہ یِیہِ کھاویو کھ پنٕنِ چاروایِ تہ مُویشی۔ پٔزپاٹھِ تمن سارنی چیزن منز ڇھہِ کم کم نِشانہ خدایہ سندِہ قُدرتک عقلہِ والین ہندِہ خیطرہ۔ یتھ پاٹھِ نباتات اَسہِ کھار زمینہ منزہ تِتھے پاٹھِ مِنْهَا خَلَقْنٰكُمْ وَفِيْهَا نُعِيْدُكُمْ وَمِنْهَا نُخْرِجُكُمْ تَارَةً اُخْرٰى اَمی زمینہ نِشہِ کٔرِ وہ اسہِ توہہِ پیدہ۔ ابتداءس اندر آوٚ حضرتِ آدم پیدہ کرنہ میژِہ۔ لہٰذا ڇھو سارنی انسانن ہُند مادہٗ بعید میژ۔ یِیہِ واتناووہ تُہہ اَتھِ میژِہ اندر مرنہ پتہ۔ اَمی میژہ منزہ کڈووہ یِیہِ دُوبارہ قیامتک دوہ وَلَقَدْ اَرَيْنٰهُ اٰيٰتِنَا كُلَّهَا فَكَذَّبَ وَاَبٰى پٔزپاٹھِ یِیہِ ہاوِے اَسہِ فرعونس پنٕنِ ساری نِشانہ تہ معجزہ

آيٰتِنَا كُلَّهَا فَكَذَّبَ وَاَبٰى ﴿٥٦﴾ قَالَ اَجِئْتَنَا لِتُخْرِجَنَا مِنْ اَرْضِنَا
بِسِحْرِكَ يٰمُوْسٰى ﴿٥٧﴾ فَلَنَاْتِيَنَّكَ بِسِحْرٍ مِّثْلِهٖ فَاجْعَلْ بَيْنَنَا وَبَيْنَكَ
مَوْعِدًا لَّا نُخْلِفُهٗ نَحْنُ وَلَآ اَنْتَ مَكَانًا سُوًى ﴿٥٨﴾ قَالَ مَوْعِدُكُمْ
يَوْمُ الزِّيْنَةِ وَاَنْ يُّحْشَرَ النَّاسُ ضُحًى ﴿٥٩﴾ فَتَوَلّٰى فِرْعَوْنُ فَجَمَعَ
كَيْدَهٗ ثُمَّ اَتٰى ﴿٦٠﴾ قَالَ لَهُمْ مُّوْسٰى وَيْلَكُمْ لَا تَفْتَرُوْا عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا
فَيُسْحِتَكُمْ بِعَذَابٍ ۚ وَقَدْ خَابَ مَنِ افْتَرٰى ﴿٦١﴾ فَتَنَازَعُوْٓا اَمْرَهُمْ

---

تہٕ کرِتھ تہٕ زون تمِ اپزی بیہ کورن انکاری قَالَ اَجِئْتَنَا لِتُخْرِجَنَا مِنْ اَرْضِنَا بِسِحْرِكَ يٰمُوْسٰى دپنہٕ لگ ای موسیٰ کیاہ ژھہ چھوہ آسہٕ نش آمت یہٕ دعویٰ ہیتھ ییتھ امی بہانہ سیتِ اسہ پننہ ملکہ منزہ کڈو۔ پننہ سحرہ تہٕ جادٕہ سیتِ ای موسیٰ فَلَنَاْتِيَنَّكَ بِسِحْرٍ مِّثْلِهٖ فَاجْعَلْ بَيْنَنَا وَبَيْنَكَ مَوْعِدًا لَّا نُخْلِفُهٗ نَحْنُ وَلَآ اَنْتَ مَكَانًا سُوًى اسہِ تہٕ انو چانسی جادس ہیو سحر تہٕ جود مقابلہ خیطرہ۔ پس کر اسہِ تہٕ پانس منز مقرر اکھ وقاہ۔ نہٕ گرو اسہِ تتھ خلاف تہٕ نہٕ کرِو ژہہ تتھ خلاف۔ اکسِ صاف تہٕ ہموار میدانس منز سموٚ اسہِ دوشوے مقابلہ خیطرہ۔ قَالَ مَوْعِدُكُمْ يَوْمُ الزِّيْنَةِ وَاَنْ يُّحْشَرَ النَّاسُ ضُحًى حضرتِ موسیٰ علیہِ السلام من دوپکھ وعدہ تہند چھو تمہِ دوہہٕ ییتھ منز توہہ میلہ آسان چھو۔ یم آسِ فرعونہ سند سالگرہ مناونہ خیطرہ میلہ لاگان۔ (معلوم سپد سالگرہ مناون چھو فرعونہ سند ایجاد۔ مترجم) مگر شرط چھو لوکن ہند گرٕٹھہِ اڈہ کاجس جمع سپدن فَتَوَلّٰى فِرْعَوْنُ فَجَمَعَ كَيْدَهٗ ثُمَّ اَتٰى تو پتہ گویہ بوزِت فرعون، دربارہ منزہ دراو۔ پس ہُن کرن جمع مکرک سوروی سامانہ۔ تو پتہ آو مقرر کرتس دوہس پیٹھ، ییہ انِ ساری پانس سیتِ قَالَ لَهُمْ مُّوْسٰى وَيْلَكُمْ لَا تَفْتَرُوْا عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا فَيُسْحِتَكُمْ بِعَذَابٍ وَقَدْ خَابَ مَنِ افْتَرٰى یمہِ دوہہ اوہ تم ساری جادوگر سیتے، حضرتِ موسیٰ ان کورُکھ تقریر۔ تتھ منز فرموونکھ ای جادوگرو تہندہ خیطرہ چھو افسوس ژہہ مہ نوو راوِ خدائس پیٹھ اپزٕ۔ ہرگاہ تہٕ ژہہ امہِ نشہِ پتھ روزو تیلہِ گالہِ وہ سو توہہ پننہِ عذابہ سیتِ۔ پزٕ پاٹھ یم اپزٕ نوو روو خدائس پیٹھ سو گو یقیناً ناکام فَتَنَازَعُوْٓا اَمْرَهُمْ بَيْنَهُمْ وَاَسَرُّوا

بَيْنَهُمْ وَاَسَرُّوا النَّجْوٰى ﴿٦٢﴾ قَالُوْٓا اِنْ هٰذٰنِ لَسٰحِرٰنِ يُرِيْدٰنِ اَنْ
يُّخْرِجٰكُمْ مِّنْ اَرْضِكُمْ بِسِحْرِهِمَا وَيَذْهَبَا بِطَرِيْقَتِكُمُ الْمُثْلٰى ﴿٦٣﴾
فَاَجْمِعُوْا كَيْدَكُمْ ثُمَّ ائْتُوْا صَفًّا ۚ وَقَدْ اَفْلَحَ الْيَوْمَ مَنِ اسْتَعْلٰى ﴿٦٤﴾
قَالُوْا يٰمُوْسٰٓى اِمَّآ اَنْ تُلْقِيَ وَاِمَّآ اَنْ نَّكُوْنَ اَوَّلَ مَنْ اَلْقٰى ﴿٦٥﴾
قَالَ بَلْ اَلْقُوْا ۚ فَاِذَا حِبَالُهُمْ وَعِصِيُّهُمْ يُخَيَّلُ اِلَيْهِ مِنْ سِحْرِهِمْ
اَنَّهَا تَسْعٰى ﴿٦٦﴾ فَاَوْجَسَ فِيْ نَفْسِهٖ خِيْفَةً مُّوْسٰى ﴿٦٧﴾ قُلْنَا لَا تَخَفْ
اِنَّكَ اَنْتَ الْاَعْلٰى ﴿٦٨﴾ وَاَلْقِ مَا فِيْ يَمِيْنِكَ تَلْقَفْ مَا صَنَعُوْا ۭ اِنَّمَا

---

**النَّجْوٰى** تنهن پڄاڻان هيوت تمو جادوگر پاڻ ۾ وان اختلاف ڪرڻ بيهه هيڙهڪ لوتهِ لوتهِ ڪن ڪٿهه گرنه **قَالُوْٓا اِنْ هٰذٰنِ لَسٰحِرٰنِ يُرِيْدٰنِ اَنْ يُّخْرِجٰكُمْ مِّنْ اَرْضِكُمْ بِسِحْرِهِمَا وَيَذْهَبَا بِطَرِيْقَتِكُمُ الْمُثْلٰى** ڊپنهِ لڳ اِڪه وڏه ساري جادوگر تِمِ دوشوے بارن موسیٰ وهارون عليه السلام ڇهه بيشڪ جادوگر. تم ڇهه پڙهان توهه سارني ڪڏنوه پنه نيو شهر و اندره. بيهه ڏلن هيٿه توهه نشهِ تهند عمده مذهب توپته ڪرن سوختم **فَاَجْمِعُوْا كَيْدَكُمْ ثُمَّ ائْتُوْا صَفًّا** پس سونبراوِ پڻ ساري حيله توپته اِبهِ صف دِي دِي مقابله ڪرنه خيطره **وَقَدْ اَفْلَحَ الْيَوْمَ مَنِ اسْتَعْلٰى** پڙ پاڻهِ ازيون تمي ئيس غالب سپڊ. **قَالُوْا يٰمُوْسٰٓى اِمَّآ اَنْ تُلْقِيَ وَاِمَّآ اَنْ نَّكُوْنَ اَوَّلَ مَنْ اَلْقٰى** جادوگرو ڏوپ اي موسیٰ تهه تراوِده ڪنه اَسي تراوَدگوڏه **قَالَ بَلْ اَلْقُوْا** تمو دوپهڪ نهايت بے پروائي سان. نه گوڏه تراوِ تهي. **فَاِذَا حِبَالُهُمْ وَعِصِيُّهُمْ يُخَيَّلُ اِلَيْهِ مِنْ سِحْرِهِمْ اَنَّهَا تَسْعٰى** توپته تروو تمو پڻ جود. اَتي آو حضرتِ موسیٰ سندس خيالس اندر تهندِه جاڏڪهِ زوره سيتِ ڪه تهنزه رزه ته لوره ڇهه سر فن هندِ پاڻ دوره دور ڪران. **فَاَوْجَسَ فِيْ نَفْسِهٖ خِيْفَةً مُّوْسٰى** توپته لڳ حضرتِ موسیٰ پانس منز خوف محسوس ڪرنهِ **قُلْنَا لَا تَخَفْ اِنَّكَ اَنْتَ الْاَعْلٰى** اَسهِ دوپس اي موسیٰ ڪهوڏمه غالب روزکه ڏي **وَاَلْقِ مَا فِيْ يَمِيْنِكَ تَلْقَفْ مَا صَنَعُوْا** بيهِ تراوڏه ته بيه ڏهِ پنه تس دڇهنس

صَنَعُوْا كَيْدُ سٰحِرٍ ۭ وَلَا يُفْلِحُ السّٰحِرُ حَيْثُ اَتٰى ﴿٦٩﴾ فَاُلْقِيَ السَّحَرَةُ
سُجَّدًا قَالُوْٓا اٰمَنَّا بِرَبِّ هٰرُوْنَ وَمُوْسٰى ﴿٧٠﴾ قَالَ اٰمَنْتُمْ لَهٗ قَبْلَ
اَنْ اٰذَنَ لَكُمْ ۭ اِنَّهٗ لَكَبِيْرُكُمُ الَّذِيْ عَلَّمَكُمُ السِّحْرَ ۚ فَلَاُقَطِّعَنَّ
اَيْدِيَكُمْ وَاَرْجُلَكُمْ مِّنْ خِلَافٍ وَّلَاُوصَلِّبَنَّكُمْ فِيْ جُذُوْعِ النَّخْلِ ۡ
وَلَتَعْلَمُنَّ اَيُّنَآ اَشَدُّ عَذَابًا وَّاَبْقٰى ﴿٧١﴾ قَالُوْا لَنْ نُّؤْثِرَكَ عَلٰي مَا
جَاۗءَنَا مِنَ الْبَيِّنٰتِ وَالَّذِيْ فَطَرَنَا فَاقْضِ مَآ اَنْتَ قَاضٍ ۭ

---

اُٿس ڪيتھ ڇھوي يعني عصا، ڪُٺوي ميونڊ ڪڍِ سُو عصا اُتھ سارسي يہ تمو تيار ڪورمُت ڇھو۔ اِنَّمَا صَنَعُوْا كَيْدُ سٰحِرٍ وَلَا يُفْلِحُ السّٰحِرُ حَيْثُ اَتٰى تمو ڇھونہ تيار ڪورمُت مگر جادوگره سُند مڪر تہ فريب۔ جادوگر ڇھو نہ ڪامياب سپدان ڪنہ جايہ۔ چنانچہ حضرتِ موسیٰ ان يلہِ لورچن پٿھر تراو تتھ لوره بنيو واژدہا تمِ اُتھ سارسي جادوگرن ہندِس جادس ستياناس ڪور، تہ يلہِ جادوگرو ڈِچھ فَاُلْقِيَ السَّحَرَةُ سُجَّدًا تمِ جادوگر آےِ ڈکراونہ سجدس منز قَالُوْٓا اٰمَنَّا بِرَبِّ هٰرُوْنَ وَمُوْسٰى تمو دوپ اَسہِ گر پڑھ حضرتِ ہارون تہ حضرتِ موسیٰ سندس پروردِگارس قَالَ اٰمَنْتُمْ لَهٗ قَبْلَ اَنْ اٰذَنَ لَكُمْ فرعونَن دوپھ ڪياه توہہِ گر وه پڑھ تتھ ميانہ اجازتہ وراى اِنَّهٗ لَكَبِيْرُكُمُ الَّذِيْ عَلَّمَكُمُ السِّحْرَ معلوم ڇھو سپدان يہ ڇھو تُہند زيٹھ تمِ تُہہ تہِ سحر تہ جود ہچھناومتِ ڇھوہ۔ وڈَنِ وِچھو بو ڪياه ڪروه توہہِ فَلَاُقَطِّعَنَّ اَيْدِيَكُمْ وَاَرْجُلَكُمْ مِّنْ خِلَافٍ وَّلَاُوصَلِّبَنَّكُمْ فِيْ جُذُوْعِ النَّخْلِ پَس ژٹہ بو توہہ اُتھ تُہند تہ کھور تُہندِ دچھن کھوفر۔ بيہ دموده بو تُہہ پھٖہہِ خضر ڪُلين پيٹھ يتھ سارى لُوکھ وچھن تُہند حال وَلَتَعْلَمُنَّ اَيُّنَآ اَشَدُّ عَذَابًا وَّاَبْقٰى بيہ تِره توہہِ فڪره زِ اَسہِ منزه ڪُہہ ڇھو زياده سخت تہ پُوشہِ وُن عذاب ڪره ڈن۔ بو ڇھُسا ڪنہ موسیٰ سُند پروردگار۔ قَالُوْا لَنْ نُّؤْثِرَكَ عَلٰي مَا جَاۗءَنَا مِنَ الْبَيِّنٰتِ وَالَّذِيْ فَطَرَنَا جادوگرو دُپس اى فرعون گژھہ گژھہ۔ اَسِ ہرگز ژِه مانو تھ نہ، ژه اختيار ڪروت نہ نيو دليلو خوتہ يمہِ اَسہِ نشہِ واژه۔ بيہ تَس پروردگاره سندِه خوتہ يمِ اَسِ پيده ڪر فَاقْضِ مَآ اَنْتَ قَاضٍ اِنَّمَا تَقْضِيْ هٰذِهِ الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا پَس ژِه يہ گرن ڇھوى

إِنَّمَا تَقْضِي هٰذِهِ الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا ۝٧٢ إِنَّآ اٰمَنَّا بِرَبِّنَا لِيَغْفِرَ لَنَا
خَطٰيٰنَا وَمَآ أَكْرَهْتَنَا عَلَيْهِ مِنَ السِّحْرِ ۗ وَاللّٰهُ خَيْرٌ وَّأَبْقٰى ۝٧٣
إِنَّهٗ مَنْ يَّأْتِ رَبَّهٗ مُجْرِمًا فَإِنَّ لَهٗ جَهَنَّمَ ۗ لَا يَمُوتُ فِيهَا وَ
لَا يَحْيٰى ۝٧٤ وَمَنْ يَّأْتِهٖ مُؤْمِنًا قَدْ عَمِلَ الصّٰلِحٰتِ فَأُولٰٓئِكَ
لَهُمُ الدَّرَجٰتُ الْعُلٰى ۝٧٥ جَنّٰتُ عَدْنٍ تَجْرِي مِنْ تَحْتِهَا
الْأَنْهٰرُ خٰلِدِينَ فِيهَا ۗ وَذٰلِكَ جَزٰٓؤُا مَنْ تَزَكّٰى ۝٧٦ ع

---

تہٕ کر۔ اَسِ کھوٗژہ ونِ چھنہٕ۔ بوڈ بوڈیم گوٗژہ چلاوَکھ حُکم یتھ سانہِ دُنیاچہِ زندگی پیٹھ۔ یعنی اَسہِ مارَکھ
تمیُک چھونہٕ اَسہِ کانہہ پَروا إِنَّآ اٰمَنَّا بِرَبِّنَا لِيَغْفِرَ لَنَا خَطٰيٰنَا وَمَآ أَكْرَهْتَنَا عَلَيْهِ مِنَ السِّحْرِ وَاللّٰهُ خَيْرٌ
وَّأَبْقٰى اَسِ چھہِ علی الاعلان ونان پَزٕ پاٹھِ اَسہِ کٔر پٔژھ پننہِ نِس پروردگارس دیوہ سوٗ اَسہِ مغفرت تہٕ
بخشائش کرہ گُنہن سانین بیہِ سانِس جود کرنِس یتھ پیٹھ ژٕ اَسِ مجبوٗر کٔرِت معبود برحقؔ چھو باعتبار ذات
وصِفات سیٹھاہ رُت، باعتبار ثواب و عقاب تہٕ چھو پوشہ ون۔ باقی روزہ وٕن۔ ژہٕ چھوی نہٕ خیریت
نصیب نہٕ بقا۔ اسہِ کیاہ کھسہِ چوٗن اِنعام فکرِہ یا چوٗن عذاب۔ اللہ تعالیٰ سُند قانون چھو إِنَّهٗ مَنْ يَّأْتِ رَبَّهٗ
مُجْرِمًا فَإِنَّ لَهٗ جَهَنَّمَ لَا يَمُوتُ فِيهَا وَلَا يَحْيٰى پَزٕ پاٹھِ یُس شخص واتہِ پننہِ نِس مالِکس برونٹھ
گُن گنہگار تہٕ نافرمان یعنی کافر حالتس اندر تس تہندی خیطرہ چھو سزاے نارِ جہنّم۔ یتھ منز واتتھ نہٕ مَرِہ نہٕ
آسہِ زِندہ۔ کیازِہ زِندہ روزُن گیوٚو آراماہ تلہ ہا وَمَنْ يَّأْتِهٖ مُؤْمِنًا قَدْ عَمِلَ الصّٰلِحٰتِ فَأُولٰٓئِكَ لَهُمُ
الدَّرَجٰتُ الْعُلٰى البتہٕ یِم واتن پننہِ نِس مالِکس نِشہِ تس ایمان انہ وٕن بیہِ آسنس واقعی رٕژہ عملہ کرِہ
مژہ۔ تمنی لوکن ہندِہ خیطرہ چھہِ تھدِ درجہ جَنّٰتُ عَدْنٍ تَجْرِي مِنْ تَحْتِهَا الْأَنْهٰرُ خٰلِدِينَ
فِيهَا وَذٰلِكَ جَزٰٓؤُا مَنْ تَزَكّٰى تِم تھدِ درجہ گئے ہمیشہ روزنک باغ یِمو منز جویہ تہٕ کولہ پکان آسن۔
تمنی جنتن منز آسن روزہ ونِ تِم ہمیشہ۔ یُہے چھہِ مزورِ تمن لوکن ہنز یِم شرکہ تہٕ کُفرہ نِشہِ پاک آسن۔
اَتھِ قانونس ماتحت ترٛوو اَسہِ کُفر، اختیار کور اَسہِ ایمان وَلَقَدْ أَوْحَيْنَآ إِلٰى مُوسٰٓى أَنْ أَسْرِ بِعِبَادِي

وَلَقَدْ اَوْحَيْنَآ اِلٰى مُوْسٰىٓ ۙ اَنْ اَسْرِ بِعِبَادِيْ فَاضْرِبْ
لَهُمْ طَرِيْقًا فِي الْبَحْرِ يَبَسًا ۙ لَّا تَخٰفُ دَرَكًا وَّلَا تَخْشٰى ﴿۷۷﴾
فَاَتْبَعَهُمْ فِرْعَوْنُ بِجُنُوْدِهٖ فَغَشِيَهُمْ مِّنَ الْيَمِّ مَا غَشِيَهُمْ ؕ ﴿۷۸﴾
وَاَضَلَّ فِرْعَوْنُ قَوْمَهٗ وَمَا هَدٰى ﴿۷۹﴾ يٰبَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ قَدْ
اَنْجَيْنٰكُمْ مِّنْ عَدُوِّكُمْ وَوٰعَدْنٰكُمْ جَانِبَ الطُّوْرِ الْاَيْمَنَ
وَنَزَّلْنَا عَلَيْكُمُ الْمَنَّ وَالسَّلْوٰى ﴿۸۰﴾ كُلُوْا مِنْ طَيِّبٰتِ مَا
رَزَقْنٰكُمْ وَلَا تَطْغَوْا فِيْهِ فَيَحِلَّ عَلَيْكُمْ غَضَبِيْ ۚ وَمَنْ

---

فَاضْرِبْ لَهُمْ طَرِيْقًا فِي الْبَحْرِ يَبَسًا لَّا تَخٰفُ دَرَكًا وَّلَا تَخْشٰى بیہ سوز اسہِ وحی پر پاٹ موسیٰ اس کُن کہ نیر وُتھہ میان بندہ یعنی بنی اسرائیل ہیتھ۔ رات گیت واتناویو کھ دُور کُنہِ جایہ یتھ تمِ فرعوہ سندہ ظلمہ نِشہِ نجات لبن۔ توپتے وَتہِ منز توہہِ دریاء قُلزم اِیہِ تتھ لاہوِ پنہِ لورِہ سیت ژنڈ۔ تمہِ منزہ کنڈو تھ خشک۔ تُہہ مہ کھو ژو فرعونہ سندِ س پتہ لارِت رٹہ نس۔ نہ مہ کھو ژِو دریاوس منز پھٹہ نس تُہہ واتناوِوہ اُپور امن و امانہ سان فَاَتْبَعَهُمْ فِرْعَوْنُ بِجُنُوْدِهٖ فَغَشِيَهُمْ مِّنَ الْيَمِّ مَا غَشِيَهُمْ پس دوریو پتہ تمن فرعون پنِنِ لشکر ہیتھ۔ تو پتہ دوت سُوتہِ اتھ دریاوس منز۔ سُو تہ پوک امی دریاوہ منزِ۔ پس وَل تمِ دریاوہ منزہ تمِ چیزن یمِ تمِ وَلِ یعنی آب آکھ پریتھ طرفہ تمی کرِ غرق وَاَضَلَّ فِرْعَوْنُ قَوْمَهٗ وَمَا هَدٰى بیہ ڈول وَتہ فرعوَن پنُن قوم۔ سیُز وَتھ ہاوُنکھنہ ساری پھاٹِون کولہ يٰبَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ قَدْ اَنْجَيْنٰكُمْ مِّنْ عَدُوِّكُمْ وَوٰعَدْنٰكُمْ جَانِبَ الطُّوْرِ الْاَيْمَنَ وَنَزَّلْنَا عَلَيْكُمُ الْمَنَّ وَالسَّلْوٰى ای بنی اسرائیلو وچھو اَسہِ دُیت توہہِ نجات تُہندِ س بڈس دشمنس نِشہِ بیہ تھوواسہِ وعدہ توہہ یعنی تہندس پیغمبرس مُوسیٰ کلیم اللّٰہس کوہِ طورہ کسِ دچھنس پاسس پیٹھ ینگ۔ تتہ تورایت عطا کرنگ۔ بیہ کوراسہِ نازل توہہِ پیٹھ وادی تیہس منز من وسلویٰ۔ كُلُوْا مِنْ طَيِّبٰتِ مَا رَزَقْنٰكُمْ وَلَا تَطْغَوْا فِيْهِ فَيَحِلَّ

يَّحۡلِلۡ عَلَيۡهِ غَضَبِىۡ فَقَدۡ هَوٰى ﴿٨١﴾ وَاِنِّىۡ لَغَفَّارٌ لِّمَنۡ
تَابَ وَاٰمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا ثُمَّ اهۡتَدٰى ﴿٨٢﴾ وَمَاۤ اَعۡجَلَكَ
عَنۡ قَوۡمِكَ يٰمُوۡسٰى ﴿٨٣﴾ قَالَ هُمۡ اُولَاۤءِ عَلٰۤى اَثَرِىۡ وَ
عَجِلۡتُ اِلَيۡكَ رَبِّ لِتَرۡضٰى ﴿٨٤﴾ قَالَ فَاِنَّا قَدۡ فَتَنَّا
قَوۡمَكَ مِنۡۢ بَعۡدِكَ وَاَضَلَّهُمُ السَّامِرِىُّ ﴿٨٥﴾ فَرَجَعَ
مُوۡسٰٓى اِلٰى قَوۡمِهٖ غَضۡبَانَ اَسِفًا ۚ قَالَ يٰقَوۡمِ اَلَمۡ يَعِدۡكُمۡ

---

عَلَيۡكُمۡ غَضَبِىۡ وَمَنۡ يَّحۡلِلۡ عَلَيۡهِ غَضَبِىۡ فَقَدۡ هَوٰى اسہِ دون تُہہ کھیورتِ چیز۔ تمو چیز وأندرہ ییم اَسہِ توہہِ عطاکرِ۔ یُتھنہ تُہہ تتھ منز حدّہ ڈلو۔ پگہہ خیطرہ تھاوِو ذخیرہ کرِ تھ۔ تتھ پیٹھ سپدِ وہ میانِ بیزاری۔ یُس پیٹھ میانِ بیزاری سپدِہ یُس پزٕ پاٹھِ سُو پیو خواری ہندین سرنین پُھہَن اندر وَاِنِّىۡ لَغَفَّارٌ لِّمَنۡ تَابَ وَاٰمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا ثُمَّ اهۡتَدٰى پزٕ پاٹھِ بُو چھوس سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن تمن ییمِ توبہ کرن ایمان اَنن بیہ رٕژہ عملہ کرن تو پتہ روزن قائیم تتھ سیزہ وَتہِ پیٹھ۔ یلہ اللہ تعالیٰ اَن منظور کور موسیٰ علیہ السلامس توراۃ عطاکرُن۔ فرموونکھ کوہ طورس پیٹھ ایِو۔ سیت انیوکھ پننہ قومہ منزہ بعضی اشخاص۔ مگر موسیٰ علیہ السلامَن کر جلدی قومس برونٹھی واتِ کوہ طورس پیٹھ۔ اللہ تعالیٰ ان فرموٗس وَمَاۤ اَعۡجَلَكَ عَنۡ قَوۡمِكَ يٰمُوۡسٰى ای موسی ژٕہ کم چیزن اونکھ پننہ نس قومس برونٹھ مہِ نِش۔ تمِ کیازِہ تراوِتھکھ پتھ۔ قَالَ هُمۡ اُولَاۤءِ عَلٰۤى اَثَرِىۡ عرض کوٗرن یکیا تمِ چھِ پکان مہِ پتے وَعَجِلۡتُ اِلَيۡكَ رَبِّ لِتَرۡضٰى مہ کٔر جلدی ژٕہ نشہِ حاضر سپدنہ خیطرہ یتھ ژٕہ راضی گژھہ ہَم میانہِ پرودِگارہ قَالَ فَاِنَّا قَدۡ فَتَنَّا قَوۡمَكَ مِنۡۢ بَعۡدِكَ اللہ تعالیٰ اَن فرموٗس اے موسیٰ ژٕہ پتہِ کور اَسہِ چون قوم بیسِ آزمائشہ اندر مُبتلا وَاَضَلَّهُمُ السَّامِرِىُّ تمِ ڈالِ سامرِ ملَن فَرَجَعَ مُوۡسٰٓى اِلٰى قَوۡمِهٖ غَضۡبَانَ اَسِفًا پس پھیوٗر یوٗت حضرتِ موسیٰ پننِہ نِس قومس کُن ژکھہِ ہوت افسوس کران قَالَ يٰقَوۡمِ اَلَمۡ يَعِدۡكُمۡ رَبُّكُمۡ وَعۡدًا حَسَنًا قومس دوپُن ای قوم توہہ سیتِ

رَبُّكُمْ وَعْدًا حَسَنًا ۚ أَفَطَالَ عَلَيْكُمُ الْعَهْدُ أَمْ أَرَدْتُّمْ أَنْ
يَحِلَّ عَلَيْكُمْ غَضَبٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ فَأَخْلَفْتُمْ مَّوْعِدِي ﴿٨٦﴾
قَالُوا مَا أَخْلَفْنَا مَوْعِدَكَ بِمَلْكِنَا وَلَٰكِنَّا حُمِّلْنَا أَوْزَارًا مِّنْ زِينَةِ
الْقَوْمِ فَقَذَفْنَاهَا فَكَذَٰلِكَ أَلْقَى السَّامِرِيُّ ﴿٨٧﴾ فَأَخْرَجَ لَهُمْ عِجْلًا
جَسَدًا لَّهُ خُوَارٌ فَقَالُوا هَٰذَا إِلَٰهُكُمْ وَإِلَٰهُ مُوسَىٰ فَنَسِيَ ﴿٨٨﴾ أَفَلَا

---

اوس ناپروردگارَن تُہند وعدہ کورمُت رُت وعداہ کہِ توہہ کروِہ عطا اکھ کِتاباہ یتھ منز تہندِہ خیطرہ احکام آسَن۔ توہہِ اوس لازم تمیُک انتظار کرُن اَفَطَالَ عَلَيْكُمُ الْعَهْدُ کیاہ تتھ وعدس گیاوہ توہہِ زیادہ ژیر تااینکہ توہہِ سپز ناامیدی تمہ نِشہِ تہ توہِ کَر وہ ایجاد اکھ عبار تاہ پانے۔ اَمْ اَرَدْتُّمْ اَنْ يَّحِلَّ عَلَيْكُمْ غَضَبٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ کنہ توہہِ کانچھوہ ناامید سپدنہ ورای پانس پیٹھ پنہ نِس خدایہِ سنز بیزاری فَاَخْلَفْتُمْ مَّوْعِدِيْ تتھ کُن نظر کَر تھ کورِوہ میانِس وعدس بَدَل کہِ اَسِ گَروُنہ کُنِس خدائس ورائے بیہ کانسہ ہنز پرستش قَالُوْا مَآ اَخْلَفْنَا مَوْعِدَكَ بِمَلْكِنَا تمو دوپ اَے موسیٰ اسہِ کورنہ تُہندس وعدس بَدَل پنہِ اختیارہ وَلٰكِنَّا حُمِّلْنَآ اَوْزَارًا مِّنْ زِيْنَةِ الْقَوْمِ فَقَذَفْنٰهَا لیکن قِصہ سپُد یتھ پاٹھِ کہ اَسِ آسِ تُلناونہ آمتِ قوم قبطک گہنہ تہ زیور سُوی تراویو اَسہِ سامری سندِہ وننہ موجب نارس منز گالنہ خیطرہ۔ سُہ زیور اوس نہ وننہِ تمو پننہ نِس تصرفس منز اَونُمت کیازِہ سُہ مال اوس تمن بنیومُت قبطی کافرن نِشہِ۔ تہندِہ رضامندی ورای۔ تمن اوس نہ وننہ تمیُک حُکم بیان آمت کرنہ شریعت مُوسوی مُوجب۔ تمی وونکھ سامرِین کہ یہ مال تھاوِو تان جمع کَرِ تھ یتھ پاٹھ روزِہ یہ محفوظ۔ پتہ یلہِ حُکم بیان یِیہ کرنہ اتھ متعلق تمہِ ساتہ گرُو تقسیم۔ سامر اوس اکھ گاماہ ملُک شامس اندر تیُکوی اوس یہ شخص۔ تمی آسِس ونان سامری۔ یہ شخص اُوس مُنافق فَكَذٰلِكَ اَلْقَى السَّامِرِيُّ تتھے پاٹھِ ترِوو سامرین تہِ پننہِ حِصُک زیور نارس منز گالنہ خیطرہ فَاَخْرَجَ لَهُمْ عِجْلًا جَسَدًا لَّهٗ خُوَارٌ پَس کوڈ تمی لوکن ہندہ خیطرہ تتھ سارسی سُنس بناوتھ اکھ ووژھاہ، وژھ سُند جسماہ۔ تتھ آس آوازتہِ وَژہ سنزی ہِش۔ یعنی سُو سونہ سُند ووژھہ

يَرَوْنَ اَلَّا يَرْجِعُ اِلَيْهِمْ قَوْلًا ۙ۬ وَّلَا يَمْلِكُ لَهُمْ ضَرًّا وَّلَا نَفْعًا ﴿٨٩﴾ ع
وَلَقَدْ قَالَ لَهُمْ هٰرُوْنُ مِنْ قَبْلُ يٰقَوْمِ اِنَّمَا فُتِنْتُمْ بِهٖ ۚ وَاِنَّ
رَبَّكُمُ الرَّحْمٰنُ فَاتَّبِعُوْنِيْ وَاَطِيْعُوْٓا اَمْرِيْ ﴿٩٠﴾ قَالُوْا لَنْ نَّبْرَحَ
عَلَيْهِ عٰكِفِيْنَ حَتّٰى يَرْجِعَ اِلَيْنَا مُوْسٰى ﴿٩١﴾ قَالَ يٰهٰرُوْنُ مَا
مَنَعَكَ اِذْ رَاَيْتَهُمْ ضَلُّوْٓا ۙ﴿٩٢﴾ اَلَّا تَتَّبِعَنِ ۭ اَفَعَصَيْتَ اَمْرِيْ ﴿٩٣﴾

---

اُوس ٹانگ دِوان وڑھ سندِ پاڑھِ۔ فَقَالُوْا تتھ نسبت لگ وننہِ تمِ احمق لوکھ اکھ اکھس هٰذَآ اِلٰهُكُمْ وَاِلٰهُ مُوْسٰى فَنَسِيَ یُوہے چھو تُہند معبود بیہِ حضرتِ موسیٰ سُند معبود۔ امسنزی کُرِ وعبادت۔ تَس (یعنی حضرت موسیٰ اَس) رُودنہ ژیتس سُوگو کوہِ طُورس پیٹھ معبودس سیتِ ملاقات کرنہِ اَفَلَا يَرَوْنَ اَلَّا يَرْجِعُ اِلَيْهِمْ قَوْلًا وَّلَا يَمْلِكُ لَهُمْ ضَرًّا وَّلَا نَفْعًا تمِ احمق لوکھ چھِنا وچھان کہ وُوڑھہ چھُونہ تِمَن کانہہ جواباہ ہیکان پھیرِ تھ وَنِتھ۔ بیہ چھُونہ سُو مالِک کُنہِ ضررس تہندِس نہ کُنہِ نفعس وَلَقَدْ قَالَ لَهُمْ هٰرُوْنُ مِنْ قَبْلُ يٰقَوْمِ اِنَّمَا فُتِنْتُمْ بِهٖ بیہ اوس پرٛز پاٹھ تِمَن ووٚنُمت حضرتِ مُوسیٰ سندِ واپس یِنہ برونٛٹھ ہارُون علیہ السلامن کہ ای میانہِ قومہ تُہہ آوہ آزماوہ نہ تمِس وڑھ سندِ سیتِ۔ تُہہ پھسے وہ گمراہی اندر وَاِنَّ رَبَّكُمُ الرَّحْمٰنُ فَاتَّبِعُوْنِيْ وَاَطِيْعُوْٓا اَمْرِيْ بیشک تُہند پروردگار چھُو حضرتِ رحمٰن، یہ وُوڑھ چھُونہ لہذا کرِو تُہہ میانِ پیروی بیہ مانِو میون حُکم۔ قَالُوْا لَنْ نَّبْرَحَ عَلَيْهِ عٰكِفِيْنَ حَتّٰى يَرْجِعَ اِلَيْنَا مُوْسٰى تِمو دِیُٛس جواب اَسِ روزو برابر اَمِس وڑھ سنزِ پرستش کران یُوتان واپس اِیِہ اَسہِ نِشہِ حضرتِ موسیٰ۔ توپتہ آو واپس حضرتِ مُوسیٰ۔ قومس کُن خطاب کرنہ پتہ فرموٚو تِمو ہارون علیہ السلام پیغمبرس قَالَ يٰهٰرُوْنُ مَا مَنَعَكَ اِذْ رَاَيْتَهُمْ ضَلُّوْٓا * اَلَّا تَتَّبِعَنِ اَفَعَصَيْتَ اَمْرِيْ حضرت مُوسیٰ ان دُوپ ای ہارون تُہہ کم چیزن رٹوہِ پتھ مہ نِشہِ واتنہ نِشہِ توہہِ وُچھے وکھ تمِ گمراہ سپدان یعنی توہہِ پزہِ ہا تمِ اِتتھی تراونِ تہ مہِ نِشہِ واتُن۔ تِمَن سپدِہ ہا تمہِ سیت معلُوم اَسہ کرِ یہ ناجائز حرکت۔ مہِ اُوس توہہِ ووٚنُمت کہ ( وَلَا تَتَّبِعْ سَبِيْلَ الْمُفْسِدِيْنَ ) یِتھنہ تُہہ پیروی کرِو مُفسدن ہنزِ وَتہِ ہنز لہذا کیازہ کوروہ

قَالَ يَبْنَؤُمَّ لَا تَأْخُذْ بِلِحْيَتِي وَلَا بِرَأْسِي ۚ إِنِّي خَشِيتُ أَن
تَقُولَ فَرَّقْتَ بَيْنَ بَنِي إِسْرَاءِيلَ وَلَمْ تَرْقُبْ قَوْلِي ﴿٩٤﴾ قَالَ
فَمَا خَطْبُكَ يَسَامِرِيُّ ﴿٩٥﴾ قَالَ بَصُرْتُ بِمَا لَمْ يَبْصُرُوا بِهِ
فَقَبَضْتُ قَبْضَةً مِّنْ أَثَرِ الرَّسُولِ فَنَبَذْتُهَا وَكَذَٰلِكَ سَوَّلَتْ
لِي نَفْسِي ﴿٩٦﴾ قَالَ فَاذْهَبْ فَإِنَّ لَكَ فِي الْحَيَوٰةِ أَن تَقُولَ لَا
مِسَاسَ ۖ وَإِنَّ لَكَ مَوْعِدًا لَّن تُخْلَفَهُ ۖ وَانظُرْ إِلَىٰ إِلَٰهِكَ الَّذِي

---

توہہِ میانِس اتھ خمس بدل۔ قَالَ يَبْنَؤُمَّ لَا تَأْخُذْ بِلِحْيَتِي وَلَا بِرَأْسِي ہارُون علیہ السلامن دوپچھ
بای صابامہ ہرٕ کٕر تھپ ریشس تہ مستس میانِس۔ اِموی رٹتھ مہ لتھومہ۔ ذراترا او خشم وارہ بُوزتھ إِنِّي
خَشِيتُ أَن تَقُولَ فَرَّقْتَ بَيْنَ بَنِي إِسْرَاءِيلَ وَلَمْ تَرْقُبْ قَوْلِي بُکھو ژُس تُہی ماذِپو ژہ کورُتھ
تفرقہ تہ جدائی بنی اسرائیلکن منز۔ ژہ کورُتھ نہ کانہہ خیال میانِہ کتھہِ ہُند۔ میان کتھ تھاو تھ نہ ژیتس۔
توپتہ سپُد حضرت موسیٰ متوجہ سامرِیس کُن قَالَ فَمَا خَطْبُكَ يَسَامِرِيُّ دوپہس اے سامری چون
معاملہ کیاہ چھو۔ ژِہ کُہہ وکانہ گوی، یژھ حرکت کیازِہ کرتھ ژِہ قَالَ بَصُرْتُ بِمَا لَمْ يَبْصُرُوا بِهِ
دوپُن مےٕ آو بوزنہ تی یہِ نہ لُوکن بوزنہ آو۔ یعنی جبریل امین یلہ حضرت موسیٰ اس نشہِ آو سُو اُوس تمہِ
ساتہ گُرِس کیتھ فَقَبَضْتُ قَبْضَةً مِّنْ أَثَرِ الرَّسُولِ پَس تج مےٕ اکھ میژہ مُوٹھاہ سوزنہ آمُتس شخصہ سندِہ
سواری ہندِ پو کھورُتلہ۔ فَنَبَذْتُهَا وَكَذَٰلِكَ سَوَّلَتْ لِي نَفْسِي سوی تراوم سونہ وژِھس منز۔ یہوی
خیالاہ وو تھ مےٕ تمہِ ساتہ دِلہ پیٹھ قَالَ فَاذْهَبْ فَإِنَّ لَكَ فِي الْحَيَوٰةِ أَن تَقُولَ لَا مِسَاسَ حضرت
موسیٰ اَن دوپُس گژھ چانہ حقہ چھو امیُک سزا دنیاہس اندر یُوہے کہ اِیتس کالس ژہ زندہ چُھکھ ژہ آسکھ
ونان لُوکن دُور رُوزِومہ یتھنہ اَتھہ لاگو وَإِنَّ لَكَ مَوْعِدًا لَّن تُخْلَفَهُ بیہ چھہ امہ علاوہ چانہِ خیطرہ
عذابُک وعداہ یُس نہ ڈلتھ ہیکہِ۔ یتھنہ ژہ سیتِ بدل بیہ کرنہ وَانظُرْ إِلَىٰ إِلَٰهِكَ الَّذِي ظَلْتَ عَلَيْهِ
عَاكِفًا لَّنُحَرِّقَنَّهُ ثُمَّ لَنَنسِفَنَّهُ فِي الْيَمِّ نَسْفًا بیہ وچھ ژہ پنہ نِس باطل معبودس کُن، یَس ڈاڈکرِ تھ اوسُکھ

ظلت عليه عاكفا لنحرقنه ثم لننسفنه في اليم نسفا ﴿٩٧﴾
انما الهكم الله الذي لا اله الا هو وسع كل شيء علما ﴿٩٨﴾ كذلك
نقص عليك من انباء ما قد سبق وقد اتينك من لدنا
ذكرا ﴿٩٩﴾ من اعرض عنه فانه يحمل يوم القيمة وزرا ﴿١٠٠﴾ خلدين
فيه وساء لهم يوم القيمة حملا ﴿١٠١﴾ يوم ينفخ في الصور ونحشر
المجرمين يومئذ زرقا ﴿١٠٢﴾ يتخافتون بينهم ان لبثتم الا

---

ژه پرستش کران۔ ڈیچھ سُو زالون آسِ۔ تو پتہ کروس سُور۔ سُوی سُور پھِکو دریاوس منز پُورہ پاٹھِ۔ آبس سیت گژھِ سُو سُور ایرہ انما الهكم الله الذي لا اله الا هو وسع كل شيء علما ای لوکو تُہند معبُود چھونہ کانہہ تِس ذات پاکس ورای، یُس ورای نہ کانہہ معبُود اہ چھُو، سُو چھُو پرِیتھ چیزس احاطہ کرِتھ پننہ علمہ سیت۔ كذلك نقص عليك من انباء ما قد سبق یتھ پاٹھِ اسہِ تُوہہِ موسیٰ علیہ السلام سُند قِصہ بیان کور تِتھے پاٹھِ چھِ اَسِ بیان کران تُوہہِ برونٹھم حالات وواقعات۔ وقد اتينك من لدنا ذكرا بیشک بیہ کور اَسہِ تُوہہِ عطا یا رسول اللہ پننہ طرفہ اکھ نصیحت ناماہ، قرآن مجید یُس پانہ اکھ بُوڈ مُعجزہ آسنہ سبہ تُہندِ ہ نبوتچ بُڈ دلیل چھُ۔ سُو نصیحت نامہ چھُو یُتھ من اعرض عنه فانه يحمل يوم القيمة وزرا یُس اکھاہ بُتھ پھِرِ ہ تمہِ نِشہِ، تمہِ کین اعمالن تعمیل کرنہ نِشہِ پس بیشک سُو تُلہِ قیامتک دوہ گُونہن ہُند بوڈ بور یمن گُنہن ہندِ ہ شامتہ بڈس عذابس گرفتار سپدِن خلدين فيه وساء لهم يوم القيمة حملا تتھ عذابس منز روزن ہمیشہ۔ بیہ آسہ سیٹھاہ ییچھ قیامتک دوہ تُہند بور يوم ينفخ في الصور ونحشر المجرمين يومئذ زرقا یمہِ دوہہ پھوکھ ییہِ دِنہ پُوغس منز بیہِ سو نبراود کھ آسِ تمہِ دوہہ نافرمان اَچھ کاژرِہ کرِتھ گاشہ رَژھے يتخافتون بينهم لوتہِ لوتہ کرن پانہ وانِ کتھ ان لبثتم الا عشرا دِیَن تُوہہِ رودِیُونہ قبرن منز یا دُنیاہس منز مگر دوہ دہہ مرہ نحن اعلم بما يقولون تہندِ ہ لوتہِ لوتہ کتھ کرنہ سیت کیاہ سَنا آندہ۔ اَسِ چھہِ پُورزانان تمہِ کیاہ چھہ وتان پانہ وانِ اذ يقول امثلهم طريقة ان لبثتم

عَشْرًا ﴿١٠٣﴾ نَحْنُ أَعْلَمُ بِمَا يَقُولُونَ إِذْ يَقُولُ أَمْثَلُهُمْ طَرِيقَةً إِنْ
لَبِثْتُمْ إِلَّا يَوْمًا ﴿١٠٤﴾ وَيَسْأَلُونَكَ عَنِ الْجِبَالِ فَقُلْ يَنْسِفُهَا رَبِّي نَسْفًا ﴿١٠٥﴾
فَيَذَرُهَا قَاعًا صَفْصَفًا ﴿١٠٦﴾ لَا تَرَىٰ فِيهَا عِوَجًا وَلَا أَمْتًا ﴿١٠٧﴾ يَوْمَئِذٍ
يَتَّبِعُونَ الدَّاعِيَ لَا عِوَجَ لَهُ ۖ وَخَشَعَتِ الْأَصْوَاتُ لِلرَّحْمَٰنِ
فَلَا تَسْمَعُ إِلَّا هَمْسًا ﴿١٠٨﴾ يَوْمَئِذٍ لَا تَنْفَعُ الشَّفَاعَةُ إِلَّا مَنْ أَذِنَ
لَهُ الرَّحْمَٰنُ وَرَضِيَ لَهُ قَوْلًا ﴿١٠٩﴾ يَعْلَمُ مَا بَيْنَ أَيْدِيهِمْ وَمَا خَلْفَهُمْ

---

**إِلَّا يَوْمًا** يعني ساڳئي تمام اندر زياده گهٽ وڻان آهي تمن ٿيهه ناڙو ڏينه ڏنياءِ ۾ اندر مگر اکه دوهايته ڪسِ مُدتس ڪُن نظر ڪرِ ته **وَيَسْأَلُونَكَ عَنِ الْجِبَالِ فَقُلْ يَنْسِفُهَا رَبِّي نَسْفًا** بيه ڇهرِ پر ڙهان تو ڪهه يارسول الله بعضي لوکه قيامتڪ حال پوڙِت تمهِ دوهه ڪياه بنهِ تمن ڪوهن۔ پس فرماويو ڪه تهه يارسول الله مُون پروردگار ڪرهِ تمن ريزه ريزه، سور تو پته ڇهڪر اوکهه هو هس منز پوره پاڙهِ **فَيَذَرُهَا قَاعًا صَفْصَفًا * لَا تَرَىٰ فِيهَا عِوَجًا وَلَا أَمْتًا** تو پته ڪرهِ اته زميڪس همموار ميداناه يته منز نه ڙه لبنئے يِي ڪانهه تجراه نه ڪانهه تهز راه، نه ڪانهه گهسه وساه **يَوْمَئِذٍ يَتَّبِعُونَ الدَّاعِيَ لَا عِوَجَ لَهُ** وڇهڪه ڙه تمهِ دوهه ڪهِ ساري لوکه ڪرن آلو دِوه ونِ سندِ س آلو س پيروي اوره يور گڙهنه وراي۔ يعني پوغس منز يلهِ پهو ڪهه دِنه ييه سنو آواز ولتهِ سارني قبرن منز۔ اتي ٻين نيرنِ لوکهه قبر و منزه۔ تته آوازه بروٹهکنهِ ييکه نه ڪانهه تهِ ڳنه قسمڪ هجراه لاڳهه **وَخَشَعَتِ الْأَصْوَاتُ لِلرَّحْمَٰنِ فَلَا تَسْمَعُ إِلَّا هَمْسًا** بيهِ آسن تمهِ دوهه سارے ڪريڪه ڇهڙه خداي رحمانه سندِ ه خوفه سببه۔ پس آسڪهنه ڙه بوزان تيتين لوڪن اندر مگر لوت لوت گن ڇهر ارے ياصِرف ڪهو رن هندِ ه پچه نڪ صدا **يَوْمَئِذٍ لَا تَنْفَعُ الشَّفَاعَةُ إِلَّا مَنْ أَذِنَ لَهُ الرَّحْمَٰنُ وَرَضِيَ لَهُ قَوْلًا** تمهِ دوهه ديِيه نه ڪانهه فائده ڪانسه اڪسِ ڪانسه هنز شفاعت ته سفارش مگر تس ديِيه فائده يسندِ ه حقه حضرتِ رحمان شفاعتڪ اِجازت ديِيه۔ بيهِ آسهِ حضرتِ رحمان راضي تهندِ س ونه تس، ڪلامس تس شخصه سندِ ه حقه۔ امهِ اندره ڇهو مُراد باايمان تهندِ ه شفاعتڪ اجازت ييِه نه شفاعت ڪره ونين۔ تمن متعلق شفاعت ڪرُن آسهِ

وَلَا يُحِيطُونَ بِهٖ عِلْمًا ﴿١١٠﴾ وَعَنَتِ الْوُجُوهُ لِلْحَيِّ الْقَيُّومِ ۖ وَقَدْ
خَابَ مَنْ حَمَلَ ظُلْمًا ﴿١١١﴾ وَمَنْ يَعْمَلْ مِنَ الصّٰلِحٰتِ وَهُوَ مُؤْمِنٌ
فَلَا يَخٰفُ ظُلْمًا وَّلَا هَضْمًا ﴿١١٢﴾ وَكَذٰلِكَ أَنْزَلْنٰهُ قُرْاٰنًا عَرَبِيًّا وَّ
صَرَّفْنَا فِيهِ مِنَ الْوَعِيدِ لَعَلَّهُمْ يَتَّقُونَ أَوْ يُحْدِثُ لَهُمْ ذِكْرًا ﴿١١٣﴾
فَتَعٰلَى اللّٰهُ الْمَلِكُ الْحَقُّ ۚ وَلَا تَعْجَلْ بِالْقُرْاٰنِ مِنْ قَبْلِ أَنْ
يُّقْضٰى إِلَيْكَ وَحْيُهٗ ۖ وَقُلْ رَّبِّ زِدْنِي عِلْمًا ﴿١١٤﴾ وَلَقَدْ عَهِدْنَا

پسند الله تعاليٰ اَس۔ ڪافرن ۽ مُشرڪن شفاعت ڪرڻ ۾ اِها نه اجازت ٿي ڏني ڪانه آهي يَعْلَمُ مَا بَيْنَ أَيْدِيهِمْ وَ مَا خَلْفَهُمْ سو پروردگارِ رحمان ڄاڻي ٿو ته سُوري يه جي اُنهن بروٺ گذر آهِه ۽ جيڪي ٿيو هُن ڪو مُت آهِه وَلَا يُحِيطُونَ بِهٖ عِلْمًا لوڪ هيڪن نه احاطو ڪري سگهن ٿا خدا جي سند جي علم وَعَنَتِ الْوُجُوهُ لِلْحَيِّ الْقَيُّومِ وَقَدْ خَابَ مَنْ حَمَلَ ظُلْمًا ۽ اُن ساري مخلوق ڄاڻي ٿي ته مُٺ دوهي تنهن خدا جي اڳيان، جيڪو زنده آهي، زنده ٿو وڃي۔ يه آهي ذليل ۽ ناڪام ٿيو دوهه سو جيڪو شرڪ جو بار ٿلهو آهي وَمَنْ يَعْمَلْ مِنَ الصّٰلِحٰتِ وَهُوَ مُؤْمِنٌ فَلَا يَخٰفُ ظُلْمًا وَّلَا هَضْمًا ۽ جيڪو رڳو عمل ڪري ٿو آهي در حاليڪه سو آهي با ايمان۔ پس ڪو ڏه نه سو نه گهڻن هنرن ه زيادتي نه نيڪين هنرن ه ڪمي وَكَذٰلِكَ أَنْزَلْنٰهُ قُرْاٰنًا عَرَبِيًّا وَّصَرَّفْنَا فِيهِ مِنَ الْوَعِيدِ لَعَلَّهُمْ يَتَّقُونَ أَوْ يُحْدِثُ لَهُمْ ذِكْرًا جيتوڻيڪ پاٺه ۾ مضامين آئي صاف صاف بيان ڪرڻ۔ يتي پاٺه ڪور آهِه نازل سُوري قرآن مجيد عربي زيوه اندر بيه ڪري بيان آهِه تنهن منز ڦيرِ ڦيرو وعيد۔ يتهه لوڪ ڪفر و شرڪ نشه نافرمانيو نشه پته روزن۔ ياگرِه يه قرآن مجيد تهندين دِلن اندر پيدا ڪانهه شعور اه ۾ سبب ڪُنه ته ڪُنه وقته سپدن ۾ اِسلامس ڪن مايل۔ فَتَعٰلَى اللّٰهُ الْمَلِكُ الْحَقُّ بس ڇهو بوڙ ته ٿهو الله تعاليٰ يُس حقيقي پادشاه ڇهو ۾ يه قرآن مجيد نازِل ڪور يتهه منز سيٺاه نفع ڇهو وَلَا تَعْجَلْ بِالْقُرْاٰنِ مِنْ قَبْلِ أَنْ يُّقْضٰى إِلَيْكَ وَحْيُهٗ يه يته پاٺهِ قرآن مجيده موجب عمل ڪرن، ته مه چه نصيحت مانهِ ساري مُڪلف پيٺه فرض ڇهو تهه پاٺه ڇهِ بعضي آداب قرآن مجيده ڪس نازِل ڪرنس متعلق، ته من هنده ادا ڪرنگ توهه سيت تعلق ڇهو

إِلَىٰٓ ءَادَمَ مِن قَبْلُ فَنَسِىَ وَلَمْ نَجِدْ لَهُۥ عَزْمًا ﴿١١٥﴾ وَإِذْ قُلْنَا لِلْمَلَٰٓئِكَةِ
ٱسْجُدُوا۟ لِءَادَمَ فَسَجَدُوٓا۟ إِلَّآ إِبْلِيسَ أَبَىٰ ﴿١١٦﴾ فَقُلْنَا يَٰٓـَٔادَمُ إِنَّ هَٰذَا
عَدُوٌّ لَّكَ وَلِزَوْجِكَ فَلَا يُخْرِجَنَّكُمَا مِنَ ٱلْجَنَّةِ فَتَشْقَىٰٓ ﴿١١٧﴾ إِنَّ
لَكَ أَلَّا تَجُوعَ فِيهَا وَلَا تَعْرَىٰ ﴿١١٨﴾ وَأَنَّكَ لَا تَظْمَؤُا۟ فِيهَا وَلَا تَضْحَىٰ ﴿١١٩﴾

---

یارسول اللہ۔ تموٲندرہ گواکھ ثُہہ مہٕ آسو جلدی کران قرآن مجید سیتِ سیتِ پرٕنس اندر تمکہٕ وحیُک نزول ختم سپدنہ برونٹھ۔ اتھ منز چھُو توہہٕ پانس تکلیف۔ کیازِہ جبریلِ اَمینہ سُندٕ پرن، تُہند بوزن، توپتہ سۆ پانہٕ پرُن، اگر توہہٕ اندیشہ چھُو کہ یہِ ماروزِہ نہٕ مہٕ یاد سٕہو کام تراوِو ثُہہ اَسہٕ پیٹھ۔ ثُہہ آسُو تمہٕ خیطرٕ یہِ دُعا پران وَقُل رَّبِّ زِدْنِى عِلْمًا ثُہہ آسو دُعا کران ای میانہٕ پروردگارہ مہٕ ہُرٕ راو علم۔ تتھ منز آی یمہٕ ساری مطلب وَلَقَدْ عَهِدْنَآ إِلَىٰٓ ءَادَمَ مِن قَبْلُ یمہٕ برونٹھ واریاہ کال زیادہ دٕژووٲسہٕ آدم علیہ السلامس اکھ حُکماہ یمہٕ حُکمک بیان برونٹھ پٔہن پیہِ فَنَسِىَ وَلَمْ نَجِدْ لَهُۥ عَزْمًا تمن رُود نہٕ یاد۔ تمن گیہِ غفلت تہٕ بے احتیاطی۔ اَسہٕ لوب نہٕ امہٕ حُکمہ کِس اہتمامس اندر تمن منز پختگی تہٕ ثابت قدمی۔ اگر امہٕ اجمالُک تفصیل توہہٕ بوزُن غرض چھُو وَإِذْ قُلْنَا لِلْمَلَٰٓئِكَةِ ٱسْجُدُوا۟ لِءَادَمَ فَسَجَدُوٓا۟ إِلَّآ إِبْلِيسَ أَبَىٰ تیلہٕ یاد ِوٕژ تمیس سۆ وقت یلہٕ اَسہٕ حُکم کور ملائکن سجدہ دِیو آدم علیہ السّلامس۔ پس دُیت تمو سجدہ مگر دُیت نہٕ ابلیسن، تم کور اِنکار فَقُلْنَا يَٰٓـَٔادَمُ إِنَّ هَٰذَا عَدُوٌّ لَّكَ وَلِزَوْجِكَ فَلَا يُخْرِجَنَّكُمَا مِنَ ٱلْجَنَّةِ فَتَشْقَىٰٓ پس وون اَسہٕ اے آدم پٔزٕ پاٹھٕ یہِ ابلیس چھُو چون تہٕ چانہِ زنانہٕ ہُند دُشمن۔ کیازِہ تُہندی وجہ سپُد یہِ مردُود۔ یُتھنہ ووٚنِ یہِ توہہٕ دُوشوٚنِ یمہٕ جنتہ منزٕ کڈِٕ۔ یعنی یُتھنہ امسندٕ وونہ موجُب ترٕہ کاماہ کٔرِو یمہٕ سبب جنتہ منزٕ پیو کڈُنہ۔ ادہ تُلِو ثُہہ دوشوے مشقت تہٕ تکلیف معاش حاصِل کرنس اندر۔ یتہِ جنتس اندر چھُو توہہٕ آرام کیہِ إِنَّ لَكَ أَلَّا تَجُوعَ فِيهَا وَلَا تَعْرَىٰ یتھ منزٕ چھُنہ کانہہ بوچھاہ یمہٕ سبب تکلیف واتہا توہہٕ۔ سٕہو دُور کرنہ خیطرٕ کانہہ سامانہ آسانہ مُہیّا۔ نہٕ چھُوٕ ثُہہ ننگے وَأَنَّكَ لَا تَظْمَؤُا۟ فِيهَا وَلَا تَضْحَىٰ ہیہ نہٕ چھُوٕ تریشہٕ ہیتِ، نہٕ چھُوٕ نٔرِس تہٕ تاپس منز روزہ وٚنِ کیازِہ جنتس منز آسہٕ نہٕ تاپھے۔ بیہِ آسن جنتس منز مکانات پریتھ

فَوَسْوَسَ اِلَيْهِ الشَّيْطٰنُ قَالَ يٰاٰدَمُ هَلْ اَدُلُّكَ عَلٰى شَجَرَةِ
الْخُلْدِ وَمُلْكٍ لَّا يَبْلٰى ﴿١٢٠﴾ فَاَكَلَا مِنْهَا فَبَدَتْ لَهُمَا سَوْاٰتُهُمَا
وَطَفِقَا يَخْصِفٰنِ عَلَيْهِمَا مِنْ وَّرَقِ الْجَنَّةِ وَعَصٰۤى اٰدَمُ رَبَّهٗ
فَغَوٰى ﴿١٢١﴾ ثُمَّ اجْتَبٰهُ رَبُّهٗ فَتَابَ عَلَيْهِ وَهَدٰى ﴿١٢٢﴾ قَالَ اهْبِطَا
مِنْهَا جَمِيْعًا بَعْضُكُمْ لِبَعْضٍ عَدُوٌّ فَاِمَّا يَاْتِيَنَّكُمْ مِّنِّيْ هُدًى ۙ
فَمَنِ اتَّبَعَ هُدَاىَ فَلَا يَضِلُّ وَلَا يَشْقٰى ﴿١٢٣﴾ وَمَنْ اَعْرَضَ

قسمک موجود۔ اگر جنتہ منزہ نیبر دُنیاءس منز تُہہ سوزنہ ایوِ تتہِ آسوہ پریتھ معاملس منز مشکلے تہ مصیبتھے۔ یمہ کتھہ زیرِ نظر تھاوِتھ رُوز زہِ ہشیاری سان فَوَسْوَسَ اِلَيْهِ الشَّيْطٰنُ قَالَ يٰاٰدَمُ هَلْ اَدُلُّكَ عَلٰى شَجَرَةِ الْخُلْدِ وَمُلْكٍ لَّا يَبْلٰى پس تُرووسوسہ شیطانن تمن منز۔ دُوپُنس ای آدم بُوماہاوے ژیہ سُوکُل یمیک پھل کھینہ سیتِ ہمیشہ چھِہ زِندہ روزان بیہ چھہ بنان سُوپادشہت یُوسہ نہ پرانان چھہ زانہہ یتھ نہ ضعف وسُستی یوان چھہ فَاَكَلَا مِنْهَا فَبَدَتْ لَهُمَا سَوْاٰتُهُمَا پَس کھیوو تمو دوشوے باژو تمہِ کُلیک پھل۔ اتی نیوو تمن دوشون بدنک سُو حِصہ یتھ ستر چھو یوان کرنہ یعنی جنتک لباس آکھ پانے بدنہ پیٹھ مُژراونہ وَطَفِقَا يَخْصِفٰنِ عَلَيْهِمَا مِنْ وَّرَقِ الْجَنَّةِ اَتی ہیتھ جنتہ کین کُلین ہندِ پنہ وُتھر بدنس پیٹھ لاگن تموے سیت ہیوُکھ بدنس ستر کرِن وَعَصٰۤى اٰدَمُ رَبَّهٗ فَغَوٰى بیہ کور آدم علیہ السلا من خدلیہ سندِس حُکمس اندر قصور۔ پَس کَر تمِ غلطی۔ ثُمَّ اجْتَبٰهُ رَبُّهٗ فَتَابَ عَلَيْهِ وَهَدٰى تو پتہ یلہِ تمِو معذرت پیش کَر اللہ تعالیٰ اَن کَرِ تمِ برگزیدہ تہ زیادہ مقبول۔ بیہِ کورنس توبہ قبول۔ بیہ ہاونس وَتھ پننہِ رضامندی ہنز۔ بیہ تھوُدن راہِ راستس پیٹھ قائیم۔ مگر تمہِ کُلیک پھل کھینہ کہِ وَجہہ قَالَ اهْبِطَا مِنْهَا جَمِيْعًا بَعْضُكُمْ لِبَعْضٍ عَدُوٌّ اللہ تعالیٰ اَن فرموُکھ وَسِو دوشوے جنتہ منزہ زمینس پیٹھ یتھ حالس اندر کہ تُہہ رُوزِو تتہِ تُہندِ فرزند آسَن اَکھ اَکھ ہندِ دُشمن فَاِمَّا يَاْتِيَنَّكُمْ مِّنِّيْ هُدًى پَس یلہ واتہِ توہہِ بشہِ میونِ ہدایت تہ احکام پیغمبرن تہ کتابن ہندِ ذریعہ فَمَنِ اتَّبَعَ هُدَاىَ فَلَا يَضِلُّ وَلَا يَشْقٰى

عَنْ ذِكْرِيْ فَاِنَّ لَهٗ مَعِيْشَةً ضَنْكًا وَّنَحْشُرُهٗ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ
اَعْمٰى ﴿۱۲۴﴾ قَالَ رَبِّ لِمَ حَشَرْتَنِيْٓ اَعْمٰى وَقَدْ كُنْتُ بَصِيْرًا ﴿۱۲۵﴾
قَالَ كَذٰلِكَ اَتَتْكَ اٰيٰتُنَا فَنَسِيْتَهَا ۚ وَكَذٰلِكَ الْيَوْمَ تُنْسٰى ﴿۱۲۶﴾
وَكَذٰلِكَ نَجْزِيْ مَنْ اَسْرَفَ وَلَمْ يُؤْمِنْۢ بِاٰيٰتِ رَبِّهٖ ۭ وَلَعَذَابُ
الْاٰخِرَةِ اَشَدُّ وَاَبْقٰى ﴿۱۲۷﴾ اَفَلَمْ يَهْدِ لَهُمْ كَمْ اَهْلَكْنَا قَبْلَهُمْ مِّنَ
الْقُرُوْنِ يَمْشُوْنَ فِيْ مَسٰكِنِهِمْ ۭ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّاُولِي النُّهٰى ﴿۱۲۸﴾

---

پَس یُس پیروی کرِ میانِس ہدایتس سۆ وَتہِ نِشہِ ڈلِہ نہ، گُمراہ سپدِ نہ دُنیاہس اندر۔ نہ آسہِ سۆ شقیِ آخرتس اندر وَمَنْ اَعْرَضَ عَنْ ذِكْرِيْ فَاِنَّ لَهٗ مَعِيْشَةً ضَنْكًا وَّنَحْشُرُهٗ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ اَعْمٰى بیہ یُس میانہِ تمہِ نصیحتہ تہ حُکمہ نِشہِ بُتھ پھرِ ہ پَس آسہِ تہندِ ہ خیطر ہ قیامتہ برونٹھ دُنیاہس تہ قبرہ منز تنگی ہنز زندگی۔ بیہ تلون اَسِ سۆ قیامتک دوہ قبرِ منزہ اون تہ اعمٰی قَالَ رَبِّ لِمَ حَشَرْتَنِيْٓ اَعْمٰى وَقَدْ كُنْتُ بَصِيْرًا دِپہِ سۆ تعجبہٕ کِن پروردگارا بو کیازِ ہ تھَس ژھِ اون۔ بوی اوُس دُنیاہس اندر گاشدار قَالَ كَذٰلِكَ اَتَتْكَ اٰيٰتُنَا فَنَسِيْتَهَا ۚ وَكَذٰلِكَ الْيَوْمَ تُنْسٰى اللہ تعالیٰ فرماوِیس تتھے پاٹھ کیاہ واژاے ژِہ نِشہِ انبیاء و علماءَن ہندِ ہ واسطہِ سانِ آیات تہ احکام۔ ژہ مشراو تھ تمِ۔ تمن ہُند کو رُتھ نہ کانہہ خیال۔ تتھے پاٹھِ کیاہ یکھِ ژہ تہِ از مشراونہ۔ چون ییہِ نہ کانہہ خیال کرنہ وَكَذٰلِكَ نَجْزِيْ مَنْ اَسْرَفَ وَلَمْ يُؤْمِنْۢ بِاٰيٰتِ رَبِّهٖ ۭ وَلَعَذَابُ الْاٰخِرَةِ اَشَدُّ وَاَبْقٰى یتھ پاٹھ ییہِ سزا عملہ مناسب آوُدنہ تتھے پاٹھِ دِموٚاَسِ سزا پریتھ زیادتی کرہ وِنس یُس نہ پزِھ تہ یقین گرِ ہ پنہ نِس پروردِگارہ سندین آیاتن۔ آخرِ تُک عذاب چھُو سیٹھاہ سخت تہ سیٹھاہ پُوشہِ وِن۔ تتھ چھُونہ نہاتتھے کُنہِ۔ آخرتکہِ عذابہ نِشہِ بچنگ گژھہِ سیٹھاہ کوشش کرنِ اَفَلَمْ يَهْدِ لَهُمْ كَمْ اَهْلَكْنَا قَبْلَهُمْ مِّنَ الْقُرُوْنِ يَمْشُوْنَ فِيْ مَسٰكِنِهِمْ ۭ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّاُولِي النُّهٰى تمِ بُتھ پھرِ ہ وِنِ تہ اعراض گرہ وِن، تمِ اعراض کرِنس پیٹھ ڈاڈکرِ تھ چھِہ۔ کیاہ تمَن ہاوناوَ تھ تمہِ کتھ کہ اَسہِ کاژاہ جماژ چھہ تمَن برونٹھ ہلاک گرِمژہ تیٚمِ اعتراض کرنہ موٚکھ۔ وِنکِس تہِ چھہِ تمِ پکان تہ اورہ یور کران تہنز

وَلَوْلَا كَلِمَةٌ سَبَقَتْ مِن رَّبِّكَ لَكَانَ لِزَامًا وَأَجَلٌ مُّسَمًّى ﴿١٢٩﴾
فَاصْبِرْ عَلَىٰ مَا يَقُولُونَ وَسَبِّحْ بِحَمْدِ رَبِّكَ قَبْلَ طُلُوعِ الشَّمْسِ
وَقَبْلَ غُرُوبِهَا ۖ وَمِنْ آنَاءِ اللَّيْلِ فَسَبِّحْ وَأَطْرَافَ النَّهَارِ
لَعَلَّكَ تَرْضَىٰ ﴿١٣٠﴾ وَلَا تَمُدَّنَّ عَيْنَيْكَ إِلَىٰ مَا مَتَّعْنَا بِهِ أَزْوَاجًا

---

ولريو جايو، ڪن شهر شامُس ڪُن گرهڻه ينحه وقته ڪيا زِه تهنزه سمه لره جايه آسه مڪه ڪين لوڪن وَٽه منزيوان پيز پاڻهِ اته امر مذڪورس اندر ته چهه اهل فهم ته عقلهِ والين هندِه خيطره ڪافي دليله خدا ليس نش اعراضه ڪس مذموم ته ناپسند آسڪس پيٹه موجود وَلَوْلَا كَلِمَةٌ سَبَقَتْ مِن رَّبِّكَ لَكَانَ لِزَامًا وَأَجَلٌ مُّسَمًّى بيه هر گاه ئے تُهندِ س پروردگاره سندِه طرفه اکھ کتھاه بيان کرنه آسِها آمژ۔ سوگئيه بيهے کتھ که بعض مصلحتن هندِه مُوکھ پيه نافرمانن مُهلت دِنه۔ بيه ئے پرِ ٿه کامه هُند وقت مقرر کرنه آسها آمُت تمن نافرمانن پيه هالازِمی طور ضرور عذاب کرنه دنياسی اندر۔ مگر سُو وقت چھُو مقرر کرنه آمُت۔ سُو گو قيامتک دوه۔ وَنِ يلهِ عذابک واتُن يقيني چھُو لهذا فَاصْبِرْ عَلَىٰ مَا يَقُولُونَ وَسَبِّحْ بِحَمْدِ رَبِّكَ قَبْلَ طُلُوعِ الشَّمْسِ وَقَبْلَ غُرُوبِهَا وَمِنْ آنَاءِ اللَّيْلِ فَسَبِّحْ وَأَطْرَافَ النَّهَارِ لَعَلَّكَ تَرْضَىٰ يس کرِ وُتهه دُشمن هنزن کُفر آميز کتھن پيٹھ صبر۔ بيهِ يُوسه توههِ خدايه سندِه خيطره تِمن پيٹھ ژکھ کهسان چھه تِمن پيٹھ عذابس اندر درنگی سپدنه مُوکھ اضطراب پيده سپدان چھُو۔ سُو اضطراب ترِو۔ تُهه سپدِو متوجه پنه نس يادس کُن۔ پنه نس پروردگاره سُند حمد وثنا آسِو دِيان۔ تسبيح و تقديس آسِو کران يتھ منز نمازتهِ شامِل سپز آفتاب کھسنه برونٹھ۔ سوگئيه صبح نماز۔ بيهِ آفتاب لوسنه برونٹھ تتھ منز پيهِ پِشن نماز ته دِگر نماز بيهِ راژ هنديو وقتو منزه تهِ آسِو تسبيح پران۔ تتھ منز سپز شامِل شام نماز ته خفتن نماز۔ بيه دوهه کس گوڈس ته اَندس منز تهِ آسِو تسبيح پران تاآنکه اته پيٹھ يُس ثواب توههِ حاصِل سپدِه تمهِ سيتِ آسِو تُهه خوش سپدان۔ غرض که تُهه کرِو پنه نس معبود برحقس کُن پُور توجه۔ دُشمن هنز فکر مه کرِو۔ وَلَا تَمُدَّنَّ عَيْنَيْكَ إِلَىٰ مَا مَتَّعْنَا بِهِ أَزْوَاجًا مِّنْهُمْ بيهِ مه حض زيٹھ راوِو تُهه پنِ نظر تتھ مالس کُن يمهِ ماله سيتِ فائده تُلنا وِ اَسهِ کافرو اَندره مختلف

مِّنْهُمْ زَهْرَةَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا لِنَفْتِنَهُمْ فِيْهِ ؕ وَرِزْقُ رَبِّكَ
خَيْرٌ وَّاَبْقٰى ﴿١٣١﴾ وَاْمُرْ اَهْلَكَ بِالصَّلٰوةِ وَاصْطَبِرْ عَلَيْهَا ؕ لَا
نَسْـَٔلُكَ رِزْقًا ؕ نَحْنُ نَرْزُقُكَ ؕ وَالْعَاقِبَةُ لِلتَّقْوٰى ﴿١٣٢﴾ وَقَالُوْا
لَوْلَا يَاْتِيْنَا بِاٰيَةٍ مِّنْ رَّبِّهٖ ؕ اَوَلَمْ تَاْتِهِمْ بَيِّنَةُ مَا فِى الصُّحُفِ
الْاُوْلٰى ﴿١٣٣﴾ وَلَوْ اَنَّاۤ اَهْلَكْنٰهُمْ بِعَذَابٍ مِّنْ قَبْلِهٖ لَقَالُوْا
رَبَّنَا لَوْلَاۤ اَرْسَلْتَ اِلَيْنَا رَسُوْلًا فَنَتَّبِعَ اٰيٰتِكَ مِنْ قَبْلِ

---

قسمين لوڪن مثلاً يهود و نصاريٰ يا مشرڪين زَهْرَةَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا يعني مال ڇو دنياءَ جي زندگي هنر ناپائيدار ڦليا لِنَفْتِنَهُمْ فِيْهِ جيئن انهيءَ سبب ڪري ٿين آزمائش وَرِزْقُ رَبِّكَ خَيْرٌ وَّاَبْقٰى توهان جي نعمت ڇو پنهنجي پروردگار جي ڇو سٺاه بهتر ۽ پوشاڪ ڏين وَاْمُرْ اَهْلَكَ بِالصَّلٰوةِ وَاصْطَبِرْ عَلَيْهَا لَا نَسْـَٔلُكَ رِزْقًا ٻيو ڪر و توهان حڪم پنهنجي نين گهر ڪين لوڪن پنهنجي انهن نماز پڙهڻ۔ پاڻ به ڪر و نمازن پيٺ استقامت۔ سمهي ڪام ڇو زياده توجهه قابل۔ اسان ڇهن توهان ڏيان يا توهان ورائي ٻين لوڪن ڏيان تيو ته معاش ۽ رزق ڪماوڻ يعني مانع سيڏه ضروري طاعتن نه عبادتن نَحْنُ نَرْزُقُكَ رزق ۽ معاش ڪرووه اسان توهان ٻيو توهان ورائي ٻين عطا۔ يعني مقصود اصلي ڇو نه رزق ڪماوڻ ۽ معاش ڪماوڻ بلڪه ڇو مقصود اصلي دين ۽ اطاعت باري تعاليٰ ڪرن۔ مال زينه تڪ ۽ رزق ڪماوڻ ڇو اجازت تيئه حد س تاڻ سمهي سبب ضروري اطاعتن ۽ عبادتن فتور ليه نه۔ وَالْعَاقِبَةُ لِلتَّقْوٰى رُت انجام ڇو پرهيز گارن هند وَقَالُوْا لَوْلَا يَاْتِيْنَا بِاٰيَةٍ مِّنْ رَّبِّهٖ ٻيو ڇهه ونان اعراض گره وڻ لوڪ يا پيغمبر ڪيائه ڇو نه اسان نش آنان ڪا نه نشاناه پنهنجي نبوتڪ پنهنجي نس پروردگارس نشه اَوَلَمْ تَاْتِهِمْ بَيِّنَةُ مَا فِى الصُّحُفِ الْاُوْلٰى ڪياه تمن نشه وڏت نابيان تمن مضمونن هند يم برو ٿهين ڪتابن منز آس قرآن مجيدس متعلق۔ وَلَوْ اَنَّاۤ اَهْلَكْنٰهُمْ بِعَذَابٍ مِّنْ قَبْلِهٖ لَقَالُوْا رَبَّنَا لَوْلَاۤ اَرْسَلْتَ اِلَيْنَا رَسُوْلًا فَنَتَّبِعَ اٰيٰتِكَ مِنْ قَبْلِ اَنْ

أَنْ نَّذِلَّ وَنَخْزٰى ﴿١٣٤﴾ قُلْ كُلٌّ مُّتَرَبِّصٌ فَتَرَبَّصُوْا ۚ
فَسَتَعْلَمُوْنَ مَنْ أَصْحٰبُ الصِّرَاطِ السَّوِيِّ وَمَنِ اهْتَدٰى ﴿١٣٥﴾

---

نَّذِلَّ وَنَخْزٰى ہيءَ ھرگاہ اسِ تمِ گالهوک ٿيڻ عذابہ سيتِ قرآن مجيد نازِل ڪرڻ بردنٿے ضرورونہ ھن تمِ اي ساڻ پروردگارہ ڙہ ڪونہ سوزو ٿهن اسہِ ٿن ڪانهہ پيغمبراہ تااينڪہ اسِ ڪرہ ھو پيروي چانين حُڪمن ذليل و رسواگرڊهنہ بروڻٿے ٻتہ وَنہ نچ ٿھاوَڪھ نہ اسہِ گنجائشي اگرتمِ ونن سُو عذاب ڪرسپدہ واقع قُلْ كُلٌّ مُّتَرَبِّصٌ فَتَرَبَّصُوْا فَسَتَعْلَمُوْنَ مَنْ أَصْحٰبُ الصِّرَاطِ السَّوِيِّ وَمَنِ اهْتَدٰى تُهہ فرماوُيُوڪھ يارسول اللّٰہ اسِ ساري ڇهہِ پياران، ڪينهہ ڪالاہ، پيارِوتُهہ ٻتہ، تُوہہِ ٿگہِ پانے زاٿن سيزِ ہ وِتہ ہندِ لُوڪ گم ڇهہِ۔ ہيءَ گم ڇهہِ منزلِ مقصودَس واتہ وَنِ



## سُوْرَةُ الْأَنْبِيَاءِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
اِقْتَرَبَ لِلنَّاسِ حِسَابُهُمْ وَهُمْ فِيْ غَفْلَةٍ
مُّعْرِضُوْنَ ۝١ مَا يَاْتِيْهِمْ مِّنْ ذِكْرٍ مِّنْ رَّبِّهِمْ مُّحْدَثٍ اِلَّا اسْتَمَعُوْهُ
وَهُمْ يَلْعَبُوْنَ ۝٢ لَاهِيَةً قُلُوْبُهُمْ ؕ وَاَسَرُّوا النَّجْوَى ۖ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا ۖ
هَلْ هٰذَآ اِلَّا بَشَرٌ مِّثْلُكُمْ ۚ اَفَتَاْتُوْنَ السِّحْرَ وَاَنْتُمْ تُبْصِرُوْنَ ۝٣
قٰلَ رَبِّيْ يَعْلَمُ الْقَوْلَ فِي السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ ۫ وَهُوَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ ۝٤

---

اِقْتَرَبَ لِلنَّاسِ حِسَابُهُمْ وَهُمْ فِيْ غَفْلَةٍ مُّعْرِضُوْنَ نزدیک سپدٕ یمن منکر لوکن ہندٕ حسابُک وقت۔ کیازِ قیامت چھہ روز بروز نزدیک یوان مگر تمِ چھہِ ونہِ بے خبری تہٕ غفلتس اندر بیٹھ اعراض کران تہٕ بُتھ پھِران تہنز غفلت چھہ یُوتِ واتمٕژ مَا يَاْتِيْهِمْ مِّنْ ذِكْرٍ مِّنْ رَّبِّهِمْ مُّحْدَثٍ اِلَّا اسْتَمَعُوْهُ وَهُمْ يَلْعَبُوْنَ کہِ یُوسہ نصیحتاہ تازہ تمن نشہِ پنہ نِس پروردگارہ سندِہ طرفہ واتان چھہ تتھ چھہِ تمِ تتھ پاٹھِ بوزان کہ زَن گِندنہ ہنا چھہ لَاهِيَةً قُلُوْبُهُمْ غافل چھہِ تہند دِل تمہِ نصیحتہ نشہِ تتھ کُن چھنہ کانہہ توجّہ کران وَاَسَرُّوا النَّجْوَى الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا هَلْ هٰذَآ اِلَّا بَشَرٌ مِّثْلُكُمْ لوتہ لوتہ چھہِ تمِ ظالِم تہٕ کافر لوکھ کتھِ کتھہ کران پانہ وانِ۔ دپان چھہِ یہِ (حضرت) محمد چھُو محض توہی ہیواکھ اِنساناہ بیہ نہ کینہہ۔ ووُن یمہ کتھ تمِ بیان کران چھہِ، تمہِ چھہ سحر تہٕ جود۔ تمہِ اندر کُرزو نہ تُہہ معجزہ آسنک خیال۔ معجزہ آسنک خیال کرِت کرزو نہ تُہہ تہندِہ پیغمبر آسنک خیال اَفَتَاْتُوْنَ السِّحْرَ وَاَنْتُمْ تُبْصِرُوْنَ اَدہ کیازِ چھوہ اچھن ڈیشمان توہہِ سُو سحر یُو زنہ خیطرہ تمن نشہِ یوان، پُن پان زورہ گرفتار کرنہ خیطرہ قٰلَ رَبِّيْ يَعْلَمُ الْقَوْلَ فِي السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ وَهُوَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ فرمووکھ پیغمبر برحقن، تُہہ کرِ توژورِہ ژورِہ کتھِ کتھ۔ میون پروردگار چھُو زانان

بَلْ قَالُوٓا أَضْغَاثُ أَحْلَامٍۭ بَلِ افْتَرَىٰهُ بَلْ هُوَ شَاعِرٌ فَلْيَأْتِنَا
بِـَٔايَةٍ كَمَآ أُرْسِلَ الْأَوَّلُونَ ۝٥ مَآ ءَامَنَتْ قَبْلَهُم مِّن قَرْيَةٍ أَهْلَكْنَٰهَآ ۖ
أَفَهُمْ يُؤْمِنُونَ ۝٦ وَمَآ أَرْسَلْنَا قَبْلَكَ إِلَّا رِجَالًا نُّوحِىٓ إِلَيْهِمْ ۖ
فَسْـَٔلُوٓا أَهْلَ الذِّكْرِ إِن كُنتُمْ لَا تَعْلَمُونَ ۝٧ وَمَا جَعَلْنَٰهُمْ
جَسَدًا لَّا يَأْكُلُونَ الطَّعَامَ وَمَا كَانُوا خَٰلِدِينَ ۝٨ ثُمَّ صَدَقْنَٰهُمُ

---

پریتھ کتھ۔ ادہ سئو آسمانن منز آسِتن یا زمین منز، ادہ سو ظاہر آسِتن یا پوشیدہ۔ بیہ چھُو سورُوی وارہ بُوزہ وُن۔ سورُوی پُور زانہ وُن۔ تہنز کتھ چھنہ تس نش کُھٹتھ سُو دِیہ توہہِ پُور سزا۔ تمو کافروون نہ قرآن مجیدس سحری یُوت بَلْ قَالُوٓا أَضْغَاثُ أَحْلَامٍۭ بلکہ لگِ تمِ ونہِ کہِ یہِ قرآن مجید چھُو پریشان خیالات بَلِ افْتَرَىٰهُ بلکہ چھُو یہِ قرآن مجید تموپانے پننہِ دِلہ ٹھرووُمت بَلْ هُوَ شَاعِرٌ بلکہِ چھُو یہِ پیغمبر شاعر۔ ہرگاہ سُو واقعیِ پیغمبر چھُو فَلْيَأْتِنَا بِـَٔايَةٍ كَمَآ أُرْسِلَ الْأَوَّلُونَ تیلہ اَنِن سُو اَسہِ نشہِ تمِ مُعجزہ تمِ مُعجزہ ییتھ بُرونٹھم پیغمبر چھہِ سوزنہ آمتِ۔ یہِ آس حیرانی یمن کافرن پانس کہِ اَکس رلیہِ پیٹھ آسِ نہ روزان۔ مَآ ءَامَنَتْ قَبْلَهُم مِّن قَرْيَةٍ أَهْلَكْنَٰهَآ أَفَهُمْ يُؤْمِنُونَ تمو برونٹھ کُنہِ شہرک روزن وال تمِ اسہِ ہلاک کرِتہ گالِ باوجود فرمائشی مُعجزات آسکہِ اون نہ تموایمان، کیا یم لُوکھ اننہ مُعجزات ظاہر سپدِ تھ ایمان۔ یتھِس حالس پیٹھ چھُو ایمان نہ اننہ مُوکھ ضرور عذاب نازِل سپدان۔ لہٰذا چھنہِ اَسِ تمِ معجزات ظاہر کران یمن ہنز فرمائش یمِ کران چھہِ۔ قرآن مجید چھُو ساروے مُعجزو کھسِیت بُوڈ مُعجزہ۔ سُوی چھُو کافی وَمَآ أَرْسَلْنَا قَبْلَكَ إِلَّا رِجَالًا نُّوحِىٓ إِلَيْهِمْ فَسْـَٔلُوٓا أَهْلَ الذِّكْرِ إِن كُنتُمْ لَا تَعْلَمُونَ بیہ سوزنہ اَسہِ توہہِ برونٹھ کانہہ پیغمبراہ مگر سوزمِ مردانسانو تہ بشروی اندرہ۔ تمنی گن آسِ اَسِ وحی سوزان۔ پَس پرژھتو تُہہ اہلِ کتابن، یہود ونصاریٰ اَن تمن تُہہ پننِ دوست چھوِہ ونان ہرگاہ نَے توہہِ پانس خبر چھوہ۔ وَمَا جَعَلْنَٰهُمْ جَسَدًا لَّا يَأْكُلُونَ الطَّعَامَ بیہِ بناونہ اسہِ تمن پیغمبرن ہند بدن تتھ یم نہ خوراک تہ غذا کھیوان آسہن ملائکن ہندِ پاٹھِ۔ بیہ چھہِ تمِ کافر منظر تہندس یمہِ عالمہ گژھنس، تتھ پیٹھ چھہِ تمِ خوشیہ

الْوَعْدَ فَأَنْجَيْنٰهُمْ وَمَنْ نَّشَآءُ وَأَهْلَكْنَا الْمُسْرِفِيْنَ ⑨ لَقَدْ
أَنْزَلْنَآ إِلَيْكُمْ كِتٰبًا فِيْهِ ذِكْرُكُمْ أَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ⑩ وَكَمْ قَصَمْنَا
مِنْ قَرْيَةٍ كَانَتْ ظَالِمَةً وَّأَنْشَأْنَا بَعْدَهَا قَوْمًا اٰخَرِيْنَ ⑪
فَلَمَّآ أَحَسُّوْا بَأْسَنَآ إِذَا هُمْ مِّنْهَا يَرْكُضُوْنَ ⑫ لَا تَرْكُضُوْا وَ
ارْجِعُوْآ إِلٰى مَآ أُتْرِفْتُمْ فِيْهِ وَمَسٰكِنِكُمْ لَعَلَّكُمْ تُسْـَٔلُوْنَ ⑬

---

تہ شادِ کران۔ یہِ تمہِ عالمہ گژھُن چھُنہ بنوتُس منافی تہ خِلاف۔ کیازہ وَمَا كَانُوْا خٰلِدِيْنَ تمِ برونٹھم حضرات انبیاء رُودنہ ہمیشہ دنیاء سی اندر۔ پَس ہر گاہ تُہند وفات سپدِہ تمہِ سیت کیاہ نقص ایہِ لازِم تہندِس نبوتُس ثُمَّ صَدَقْنٰهُمُ الْوَعْدَ فَأَنْجَيْنٰهُمْ وَمَنْ نَّشَآءُ وَأَهْلَكْنَا الْمُسْرِفِيْنَ تو پتہ کور اَسہِ وعدہ پُرٛن تمن مُنکرن سیتِ پوٗز۔ یعنی نافرمانن پیٹھ عذاب نازِل کرنس مُتعلق۔ تمِ سپدِ عذابس گرفتار پَس دِیت نجات اسہِ تمن باایمانن، یمہِ تمن ہُند اسہ یوژھہ یہِ کٔرِ اسہِ ہلاک نافرمانی منز حدہ ڈلہ ون، لہذا گژھہ کھوژُن تمن کافرن ہُند۔ ای منکرو ہر گاہ توہہِ پیٹھ دنیاء س منز یا آخرتس منز عذاب کرنہ ایہِ کانہہ تعجب چھُنہ کیازہ لَقَدْ أَنْزَلْنَآ إِلَيْكُمْ كِتٰبًا فِيْهِ ذِكْرُكُمْ أَفَلَا تَعْقِلُوْنَ پٔز پاٹھِ نازِل کٔر اسہِ توہہِ کُن سو کتاب یتھ منز توہہِ کرِ کافی نصیحت چھِہ۔ کیاہ تو تہ چھُنہ توہہِ فکرِہ تران وَكَمْ قَصَمْنَا مِنْ قَرْيَةٍ كَانَتْ ظَالِمَةً وَّأَنْشَأْنَا بَعْدَهَا قَوْمًا اٰخَرِيْنَ یہِ چھِہ اسہِ کاتہن شہرن ہندِ لوکھ تمِ ظالم یعنی کافِر آسِ ہلاک تہ تباہ کرمتہ تو پتہ کور پیدہ تمن پتہ بیاکھ قوماہ تمِ تمن شہرن اندر آباد کٔر فَلَمَّآ أَحَسُّوْا بَأْسَنَآ إِذَا هُمْ مِّنْهَا يَرْكُضُوْنَ ادہ یلہ تموٗ ژیون سانہ عذابہ نازِل سپدِ نک۔ اتی ہیرٛو کھ ژٔلن، اسہِ دوپُچھ لَا تَرْكُضُوْا وَارْجِعُوْآ إِلٰى مَآ أُتْرِفْتُمْ فِيْهِ وَمَسٰكِنِكُمْ لَعَلَّكُمْ تُسْـَٔلُوْنَ ژٔلِو مہ، واپَس اِیو تتھ سازوسامانس کُن یتھ منز روزِت عیش آسوہ کران۔ یہِ ایو پنہ نین گرن کُن واپس دیو توہہِ پرٛژھنہ ایہِ کہ مال و دولتُک تہ قوتک نَشہ کوت گو۔ اَمہِ اندرہ چھُو مُراد تمن ژینہ وِنِ دِن کہ نہ رُوددہ توہہِ سامانہ گٔنہِ نہ روزوہ تمہِ لرِہ جایہِ گٔنہِ۔ نہ رُوددہ کانہہ ہمدردگٔنہِ ساری گے ختم قَالُوْا يٰوَيْلَنَآ إِنَّا كُنَّا ظٰلِمِيْنَ یلہِ عذابس گرفتار۔ ہَتِہ سپدن تمِ

قَالُوْا يٰوَيْلَنَآ اِنَّا كُنَّا ظٰلِمِيْنَ ﴿١٤﴾ فَمَا زَالَتْ تِّلْكَ دَعْوٰىهُمْ حَتّٰى
جَعَلْنٰهُمْ حَصِيْدًا خٰمِدِيْنَ ﴿١٥﴾ وَمَا خَلَقْنَا السَّمَآءَ وَالْاَرْضَ
وَمَا بَيْنَهُمَا لٰعِبِيْنَ ﴿١٦﴾ لَوْ اَرَدْنَآ اَنْ نَّتَّخِذَ لَهْوًا لَّاتَّخَذْنٰهُ
مِنْ لَّدُنَّآ ۖ اِنْ كُنَّا فٰعِلِيْنَ ﴿١٧﴾ بَلْ نَقْذِفُ بِالْحَقِّ عَلَى الْبَاطِلِ
فَيَدْمَغُهٗ فَاِذَا هُوَ زَاهِقٌ ؕ وَلَكُمُ الْوَيْلُ مِمَّا تَصِفُوْنَ ﴿١٨﴾

---

دپنہٕ لگِ افسوس واقعی آسِ اَسِ ظالم۔ فَمَا زَالَتْ تِّلْكَ دَعْوٰىهُمْ حَتّٰى جَعَلْنٰهُمْ حَصِيْدًا خٰمِدِيْنَ پتھ روزہ تِمن ہنزہ تیٚے کریکہ توتان، یُوت تانِ اَسہِ تِم کتراوِ تھ تھاوِ، شہلاو تھ تھاوِ وَمَا خَلَقْنَا السَّمَآءَ وَالْاَرْضَ وَمَا بَيْنَهُمَا لٰعِبِيْنَ سانِس کُن آسنس پیٹھ چھہِ سانِ مصنُوعات تہٕ مخلوقات دلالت کران کیازِہ اسہِ کٔرِ نہٕ آسمان تہٕ زمین بیہِ یِہ تِمن دون منز چھُو پیدہ گٔند ان گِند ان حکمتو تہٕ مصلحتو ورای۔ اَسہِ کٔرِ نہٕ تِم یِتھ پاٹھِ پیدہ کہِ اَسِ کیا آسہو عبث تہٕ بے معنیٰ اکھ کاماہ کران۔ بلکہ چھہِ یِہ پیدہ کرنس اندر بجہِ بجہِ حکمژٕ۔ بڈٕ حکمت گٔییہِ یہےٚ کہِ تِم چھہِ دلالت کران معبود برحقہ سندِس وحدانیتس پیٹھ۔ لَوْ اَرَدْنَآ اَنْ نَّتَّخِذَ لَهْوًا لَّاتَّخَذْنٰهُ مِنْ لَّدُنَّآ اِنْ كُنَّا فٰعِلِيْنَ پیدہ کرنس اندر رٕے کٔنہی مُصلحت آسہانہ بلکہ آسہا اکھ مشغلہ بناوُن اسہِ مُراد یِتھ منزٕ نہ کانہہ رُت فائدہ آسہا تیلہ بناوہ ہوٚ اَسِ پننہِ نٕس کُنہِ چیزس پٔنن مشغلہ۔ مثلاً پننہِ نین کمالہ کین صفاتن ہندس مشاہدٕس بناوہ ہوٚ اَس مشغلہ۔ کیازہ مشغلس گژھہِ شاغلہ سندِس ذاتس سیتِ مناسبتھاہ آسٕن۔ حضرتِ واجب الوجُودس کیاہ مناسبت چھہِ مصنوعات حادثن سیت۔ صفات قدیمہ باوجودیکہِ تِم چھہِ لازم تِمن تہٕ چھُنہ مناسبت تِم کیا ہیکن مشغلہ بنتِ۔ ووٚن چھُنہ کتھے مصنوعات حادثن ہنزٕ تِم کیاہ ہیکن بنِتھ مشغلہ باری تعالیٰ۔ لہٰذا اسپٕد ثابتِ کہ آسمان وزمین اسہِ بے ہُودہ تہٕ عبث پیدہ کٔرِ نہٕ۔ بلکہ کٔرِ پیدہ اثبات حق تہٕ ابطال باطِلہ خیطرہ بَلْ نَقْذِفُ بِالْحَقِّ عَلَى الْبَاطِلِ فَيَدْمَغُهٗ فَاِذَا هُوَ زَاهِقٌ بلکہ چھُو سون ارادہ یِہ تمام کائنات پیدہ کرنہ اَندر حق وباطِلُک مقابلہ کرُن۔ چنانچہ اَسِ چھِن پرٕ کتھ یِتھ پیٹھ مصنوعات دلالت چھہِ کران اپزٕس پیٹھ بٔرتھ دِوان تہٕ غالِب کران۔

وَلَهٗ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ وَمَنْ عِنْدَهٗ لَا يَسْتَكْبِرُوْنَ
عَنْ عِبَادَتِهٖ وَلَا يَسْتَحْسِرُوْنَ ۚ﴿۱۹﴾ يُسَبِّحُوْنَ الَّيْلَ وَالنَّهَارَ
لَا يَفْتُرُوْنَ ﴿۲۰﴾ اَمِ اتَّخَذُوْٓا اٰلِهَةً مِّنَ الْاَرْضِ هُمْ يُنْشِرُوْنَ ﴿۲۱﴾
لَوْ كَانَ فِيْهِمَآ اٰلِهَةٌ اِلَّا اللّٰهُ لَفَسَدَتَا ۚ فَسُبْحٰنَ اللّٰهِ رَبِّ

---

پُس چھُو سُو پوز تتہٕ اَپزِ س کاڑ کڈان اتی چھُو سُو اپزٕ گلان، ختم گژھان وَلَكُمُ الْوَيْلُ مِمَّا تَصِفُوْنَ تُہندہ خیطرہٕ چھُو ویل تہٕ افسوس بیہٕ سیٹھاہ خرابی۔ ای مکہ کیو کافرو، تمو گٔتھو سبہٕ یمہٕ تُہہ ونان چھِوہ معبود برحقس نسبت۔ معبود برحقہٕ سُند شان چھُو سیٹھاہ تھود وَلَهٗ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ حالانکہٕ یِم آسمانن تہٕ زمینن اندر چھِہ تِم چھِہ تہندی مملوک۔ وَمَنْ عِنْدَهٗ لَا يَسْتَكْبِرُوْنَ عَنْ عِبَادَتِهٖ وَلَا يَسْتَحْسِرُوْنَ تمو اندرہ یِم تَس نزدیک چھِہ یعنی مُقربان الٰہی تِم چھِنہٕ تکبر تہٕ عار کران تہندہ عبادتہٕ نِشہٕ، نہ چھِہ تِم عبادت کران کران تھکان زانہہ۔ يُسَبِّحُوْنَ الَّيْلَ وَالنَّهَارَ لَا يَفْتُرُوْنَ بلکہ چھِہ راتس تہٕ دوہس تسبیح پران آسان، تراوان چھِنہٕ سُو کام اَمِ اتَّخَذُوْٓا اٰلِهَةً مِّنَ الْاَرْضِ هُمْ يُنْشِرُوْنَ توحید چہ ایژہ دِلیلہ بُوزت تہٕ چھا یِم زمینہ کین معبُودان باطلن معبُود ٹھہراوان۔ یِم تِمن مرنہ پتہ بیہٕ زِندہ کرن۔ آسمانن ہندِ مُقرب بندہ چھِہ خدایِ قدوسہ سنز عِبادت کران۔ زمین بیہٕ زمینہ نِشہٕ بیمتِ مخلوق یِم سیٹھاہ سِفلی ہمہٕ درجکِ مخلوق چھِہ، تِمن اندر چھا تژہ کانہہ ہستی یِم خدایس مُقابل معبود ہیکن بنِتھ۔ یلہ خدایِ ذوالجلال تہندین پرستش کرہ ونین سزادِت تہٕ عذاب کرِ تھ مارِہ تِم معبودانِ باطِل ہیکنہ سنا تِمن تمہٕ عذابہ نِشہٕ مُوکلاوت یا مرنہ پتہ بیہٕ زِندہ کرِتھ۔ وَن یُس نہ عذابہ نِشہٕ مُوکلاوِت ہیکہِ یا مرِتھ زِندہ کرِتھ ہیکہ تُیتھ عاجز ہیکیا معبود آسِتھ۔ لَوْ كَانَ فِيْهِمَآ اٰلِهَةٌ اِلَّا اللّٰهُ لَفَسَدَتَا ہرگاہ آسہن آسمان وزمینس منز معبودِ برحقس ورای بیٔ معبود تلہِ آسہن تِم دوشوے تباہ تہٕ برباد گامت۔ کیازہ عادتاً آسہا تِمن دوشونِ ہندین ارادن تہٕ کامین اندر اختلاف۔ اکھ دپہ ہارُو دتراوہ۔ بیاکھ دپہ ہا بہ تراوہ نہ۔ دون منز سپدِہ ہا مزاحمت۔ پَس سپدِہ ہا فساد۔ وَنِ چونکہ فساد چھُنہٕ اَمی اَندرہ سپُد معلوم۔ زہ [۲] چھِنہٕ کُنوی معبودِ

الْعَرْشِ عَمَّا يَصِفُوْنَ ﴿٢٢﴾ لَا يُسْـَٔلُ عَمَّا يَفْعَلُ وَهُمْ
يُسْـَٔلُوْنَ ﴿٢٣﴾ اَمِ اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِهٖٓ اٰلِهَةً ؕ قُلْ هَاتُوْا
بُرْهَانَكُمْ ۚ هٰذَا ذِكْرُ مَنْ مَّعِيَ وَذِكْرُ مَنْ قَبْلِيْ ؕ
بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ۙ الْحَقَّ فَهُمْ مُّعْرِضُوْنَ ﴿٢٤﴾
وَمَآ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ مِنْ رَّسُوْلٍ اِلَّا نُوْحِيْٓ اِلَيْهِ اَنَّهٗ
لَآ اِلٰهَ اِلَّآ اَنَا فَاعْبُدُوْنِ ﴿٢٥﴾ وَقَالُوا اتَّخَذَ الرَّحْمٰنُ وَلَدًا

---

برحق چھُو فَسُبْحٰنَ اللّٰهِ رَبِّ الْعَرْشِ عَمَّا يَصِفُوْنَ پس معبودِ برحق عرشُک مالِک چھُو منزّہ تہٕ پاک تمو سارِوی کتھو نِشہٕ یمہٕ کتھ مُشرِک تس نسبت وَنان چھِہ لَا يُسْـَٔلُ عَمَّا يَفْعَلُ وَهُمْ يُسْـَٔلُوْنَ سُو چھُو تتھوی عظمتہٕ وول کہ تس ایہِ نہ پرژھنہٕ کُنہِ کامہٕ ہُند۔ یہِ کیازہ تہٕ یہِ کونہ۔ لوکن ییہِ پرژھنہٕ یہِ کیازِہ کوروہ، یہِ کونہ کوروہ یلہٕ نہ تس عظمتس منز کانہہ شریک چھُو، معبود آسنس منز کتھہ کنہٕ ہیکہِ تس شریک آسِتھ اَمِ اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِهٖٓ اٰلِهَةً کیاہ معبود برحق تراوِت چھا تمو بیٚے معبود ٹھہراوِمتِ قُلْ هَاتُوْا بُرْهَانَكُمْ تُہہ فرماوِیوکھ یا رسول اللّٰہ اے لوکو چھُوے اتھ شرکس پیٹھ کانہہ دلیلاہ سُو کٔرو پیش هٰذَا ذِكْرُ مَنْ مَّعِيَ وَذِكْرُ مَنْ قَبْلِيْ یہِ گیہِ کتاب تمن لوکن ہنز یِم مے سیتِ چھِہ یعنی قرآن مجید۔ یہِ گیہِ تمن لوکن ہنز کتاب یِم مے برونٹھ آسِ یعنی تورات وانجیل وزبور۔ یمن سارنی کتابن منزہاوِ توامیک ثبوت کُنہِ جایہِ یعنی شرکُک بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ الْحَقَّ فَهُمْ مُّعْرِضُوْنَ بلکہ چھِہ تمی منز اکثر تِمے یِم نہ امرِ حقُک یقینی چھِہ کران۔ تمہِ موکھ چھِہ تِم پوز قبول کرنہ نِشہِ اعراض کران تہٕ بُتھ پھِران۔ یہِ توحیدُک مسئلہ چھُنہ نوو کانہہ مسئلہ یمہِ سیتِ تِمن وحشت پیدہ سپدان چھُو۔ بلکہ چھُو یہِ برونٹھم شریعت چنانچہ وَمَآ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ مِنْ رَّسُوْلٍ اِلَّا نُوْحِيْٓ اِلَيْهِ اَنَّهٗ لَآ اِلٰهَ اِلَّآ اَنَا فَاعْبُدُوْنِ بیہِ سوزنہ اسہِ تُہہ برونٹھ کانہہ پیغمبراہ مگر تس گٔژھ سوز اسہِ یُوہے وحی کہ کانہہ معبوداہ چھُنہ مےٚ ورای۔ پس کٔرو میانی یاژ عبادت تہٕ پرستش وَقَالُوا اتَّخَذَ الرَّحْمٰنُ وَلَدًا سُبْحٰنَهٗ تمو

سُبْحٰنَهٗ ؕ بَلْ عِبَادٌ مُّكْرَمُوْنَ ۙ﴿۲۶﴾ لَا يَسْبِقُوْنَهٗ بِالْقَوْلِ وَهُمْ
بِاَمْرِهٖ يَعْمَلُوْنَ ﴿۲۷﴾ يَعْلَمُ مَا بَيْنَ اَيْدِيْهِمْ وَمَا خَلْفَهُمْ وَ
لَا يَشْفَعُوْنَ ۙ اِلَّا لِمَنِ ارْتَضٰى وَهُمْ مِّنْ خَشْيَتِهٖ مُشْفِقُوْنَ ﴿۲۸﴾
وَمَنْ يَّقُلْ مِنْهُمْ اِنِّيْۤ اِلٰهٌ مِّنْ دُوْنِهٖ فَذٰلِكَ نَجْزِيْهِ جَهَنَّمَ ؕ
كَذٰلِكَ نَجْزِى الظّٰلِمِيْنَ ﴿۲۹﴾ اَوَلَمْ يَرَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْۤا اَنَّ
السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ كَانَتَا رَتْقًا فَفَتَقْنٰهُمَا ؕ وَجَعَلْنَا مِنَ الْمَآءِ

---

مشرِکو اَندرہ چھِ ونان بعضی کہ حضرتِ رحمانس چھِ اولاد ملایک بعضے چھِ ونان زِہ ملائک چھَس کورِہ۔ توباہ، سُو چھُو اولاد تہ کورِہ آسنہ نِشہِ مُنزّہ تہ پاک، تمِ ملایک چھِنہ تمسندِ اولاد بَلْ عِبَادٌ مُّكْرَمُوْنَ بلکہ چھِ تمِ خدایہِ سند معزز بندہ تہندِہ عبدیَتچ تہ محکومیَتچ کیفیت چھِہ یہ کہ لَا يَسْبِقُوْنَهٗ بِالْقَوْلِ وَهُمْ بِاَمْرِهٖ يَعْمَلُوْنَ تمِ چھِنہ تَس برونٹھ کنہِ کَتھ ہیکان کَرِتھ۔ بلکہِ چھِ آسان پننِہ جایہِ رُوزِتھ حُکمس انتظار کران۔ بیہِ چھِ تمِ تہندس حُکمس تعمیل کران۔ تمِ چھِنہ تہندس حُکمس بدل کران کیازِہ يَعْلَمُ مَا بَيْنَ اَيْدِيْهِمْ وَمَا خَلْفَهُمْ اللہ تعالیٰ چھُو تُہند برونٹھم پَتم سورُوی حال زانان۔ تمن ہندِہ اَدبچ کیفیت چھِہ یہِ کہِ وَ لَا يَشْفَعُوْنَ اِلَّا لِمَنِ ارْتَضٰى وَهُمْ مِّنْ خَشْيَتِهٖ مُشْفِقُوْنَ بیہِ چھِنہ تمِ شفاعت تہ سفارِش کران کانسہ مگر تس یسندِہ حقہ اللہ تعالیٰ راضی آسہِ شفاعت کرنس۔ تمِ چھِ تہندِہ خوفہ سببہ نٹہِ اندر آسان وَمَنْ يَّقُلْ مِنْهُمْ اِنِّيْۤ اِلٰهٌ مِّنْ دُوْنِهٖ فَذٰلِكَ نَجْزِيْهِ جَهَنَّمَ بیہِ یُس اکھاہ تمو ملکو اَندرہ دعواے کرِہ پننِہ معبُود آسنک معبُود برحقس ورای پَس دِموٗ تَس اَسِ سزا نارجہنّم كَذٰلِكَ نَجْزِى الظّٰلِمِيْنَ یتھے پاٹھِ چھِ اَسِ ظالمن سزا دِوان اَوَلَمْ يَرَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْۤا اَنَّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ كَانَتَا رَتْقًا فَفَتَقْنٰهُمَا کیا تمن کافرِن سپز نامعلوم یہِ کَتھ کہ پتہٖ پاٹھِ آسمانہ تہ زمین اوس اکھ اکس سیت میلِتھ بند۔ نہ اوس آسمانہ رُود پیوان نہ اُوس زمینہ منزِہ کینہہ پیدہ سپدان۔ پَس مُژراوِ اَسی تمِ دوشوے۔

كُلَّ شَيۡءٍ حَيٍّ ؕ اَفَلَا يُؤۡمِنُوۡنَ ۝٣٠ وَجَعَلۡنَا فِى الۡاَرۡضِ رَوَاسِىَ اَنۡ
تَمِيۡدَ بِهِمۡ وَجَعَلۡنَا فِيۡهَا فِجَاجًا سُبُلًا لَّعَلَّهُمۡ يَهۡتَدُوۡنَ ۝٣١
وَجَعَلۡنَا السَّمَآءَ سَقۡفًا مَّحۡفُوۡظًا ۖۚ وَّهُمۡ عَنۡ اٰيٰتِهَا مُعۡرِضُوۡنَ ۝٣٢
وَهُوَ الَّذِىۡ خَلَقَ الَّيۡلَ وَالنَّهَارَ وَالشَّمۡسَ وَالۡقَمَرَ ؕ كُلٌّ
فِىۡ فَلَكٍ يَّسۡبَحُوۡنَ ۝٣٣ وَمَا جَعَلۡنَا لِبَشَرٍ مِّنۡ قَبۡلِكَ الۡخُلۡدَ ؕ
اَفَا۟ئِن مِّتَّ فَهُمُ الۡخٰلِدُوۡنَ ۝٣٤ كُلُّ نَفۡسٍ ذَآئِقَةُ

---

اکھ اکس نشہ کٔرِ جدا۔ یتھ پاٹھ کہ آسمانکہِ طرفہ تروو رُود زیٖنہ منزہ کھور گاسہ۔ امہِ بارشہِ سیت چھُنہ زیٖنہ منزہ گاسے ہُوت کھسان بلکہ وَجَعَلۡنَا مِنَ الۡمَآءِ كُلَّ شَيۡءٍ حَيٍّ بلکہ بنوواسہ امہِ بارشہ سیتِ پرٛیتھ چیٖز اہ جاندار تہٕ زِندہ اَفَلَا يُؤۡمِنُوۡنَ کیاہ توتہِ کرن نا ایٖمِ پزٕھ وَجَعَلۡنَا فِى الۡاَرۡضِ رَوَاسِىَ بیہِ کٔر اسہِ پننہِ قدرتہ سیتِ زمینس پیٹھ کوہ پیدہ اَنۡ تَمِيۡدَ بِهِمۡ یتھ نہ زمین لُکھ ہیتھ اورہ یور ڈلہ۔ وَجَعَلۡنَا فِيۡهَا فِجَاجًا سُبُلًا لَّعَلَّهُمۡ يَهۡتَدُوۡنَ بیہِ کرہ اَسہِ اتھ زمینس منز کُشادہ وَتہ یتھ لوکھ واتان آسن پننہِ نین مطلبن تہٕ مقصدن وَجَعَلۡنَا السَّمَآءَ سَقۡفًا مَّحۡفُوۡظًا بیہِ کور اَسہِ آسمان محفوظ پشاہ اکھ یُس وارٕیاہس کالس موجود روزہ وَهُمۡ عَنۡ اٰيٰتِهَا مُعۡرِضُوۡنَ مگر یِمِ لوکھ چھہِ امہِ کیو قدرتی نِشانو نِشہِ بُتھ پھِران وَهُوَ الَّذِىۡ خَلَقَ الَّيۡلَ وَالنَّهَارَ وَالشَّمۡسَ وَالۡقَمَرَ كُلٌّ فِىۡ فَلَكٍ يَّسۡبَحُوۡنَ بیہِ چھُ سُو خدا یٔمۍ قدرتہ دوٚل کہ رات تہٕ دوہ کوٚرن پیدہ، پرٛیتھ اکھاہ تمو دوٚیو اندرہ چھُ پننہِ نِس مدارس منز یتھ پاٹھِ پکان زن ژھانٹ وایان چھہ۔ یِمِ لوکھ چھہِ تُہندِس وفاتس پیٹھ خوشی تہٕ مسرت ظاہر کران۔ یہِ وفات چھُنہ نبوتس منافی کینہہ تہٕ کیازِ وَمَا جَعَلۡنَا لِبَشَرٍ مِّنۡ قَبۡلِكَ الۡخُلۡدَ اَفَا۟ئِن مِّتَّ فَهُمُ الۡخٰلِدُوۡنَ اَسہِ کورنہ توہہِ برونٛہہ کانسہ بشرہ سندِ خیٖطرٕ ہ (خواہ سُو نبی آسِتن یا غیر نبی) دُنیاہس اندر ہمیشہ زندہ روزُن مُقرر۔ یتھ پاٹھ توہہِ برونٛہہ پیغمبر سوزنہ آے تو پتہ گے تم یِمہِ عالمہ یتھے پاٹھِ سُو زِندہ تُہہ تہٕ، تُہہ تہٕ چھوہ یِمہِ عالمہ گژھُن۔ کیاہ ہرگاہ تُہہ یِمہِ عالمہ گژھِو، تِمن چھا روزُن ہمیشہ زِندے۔ تِمن تہٕ چھُ مرُن، یِمہِ

الْمَوْتِ ۗ وَنَبْلُوكُمْ بِالشَّرِّ وَالْخَيْرِ فِتْنَةً ۖ وَإِلَيْنَا تُرْجَعُونَ ﴿٣٥﴾
وَإِذَا رَآكَ الَّذِينَ كَفَرُوا إِنْ يَتَّخِذُونَكَ إِلَّا هُزُوًا ۖ أَهَٰذَا
الَّذِي يَذْكُرُ آلِهَتَكُمْ وَهُمْ بِذِكْرِ الرَّحْمَٰنِ هُمْ كَافِرُونَ ﴿٣٦﴾
خُلِقَ الْإِنْسَانُ مِنْ عَجَلٍ ۚ سَأُورِيكُمْ آيَاتِي فَلَا تَسْتَعْجِلُونِ ﴿٣٧﴾
وَيَقُولُونَ مَتَىٰ هَٰذَا الْوَعْدُ إِنْ كُنْتُمْ صَادِقِينَ ﴿٣٨﴾ لَوْ يَعْلَمُ

---

دنیا اَندرہ نیرن۔ تِم کتھ پیٹھ چھہِ تہندس یمہِ عالمہ گژھنس پیٹھ خوشی ظاہر کران كُلُّ نَفْسٍ ذَائِقَةُ الْمَوْتِ موت چھُو ٹیُتھ چیزاہ کہ پرتھ جانداراہ چھُو اکہِ نتہ اکہِ دوہہ مُوتُک مزہ ژٲنِ وول وَنَبْلُوكُمْ بِالشَّرِّ وَالْخَيْرِ فِتْنَةً ۖ وَإِلَيْنَا تُرْجَعُونَ بیہ یُوسہِ اَسہِ توہہِ چند روزہ زندگی دژمٕژ چھہ سۄ چھہ محض توہہِ خیرہ تہ شرہ سیتِ آزمایش کرنہ خیطرہ۔ دُنیا اَندرہ نیرت چھُو توہہِ اسی نِشہِ واتُن۔ اسہِ نِشہِ واتتھ ییہِ پرتھ اکس مناسِب سزا تہ جزادِنہ یمن کافرن ہنز حالت چھہ یہ کہ وَإِذَا رَآكَ الَّذِينَ كَفَرُوا إِنْ يَتَّخِذُونَكَ إِلَّا هُزُوًا یلہِ تِم کافر توہہِ وُچھان چھہِ تِمہِ ساتہ چھہِ توہہِ سیتِ ٹھٹھہ تہ استہزاء کران۔ پانہ وان چھہِ ونان کہ أَهَٰذَا الَّذِي يَذْكُرُ آلِهَتَكُمْ وَهُمْ بِذِكْرِ الرَّحْمَٰنِ هُمْ كَافِرُونَ کیا یُوہے شخص چھا یُس تُہندین معبُودن نسبت چھُو ییچھ ونان۔ حالانکہ تِم چھہِ حضرتِ رحمانہ سنٛد ناوہینہ نِشہِ اِنکار تہ کُفر کران۔ حقیقتس اندر آس اعتراضچ کتھ یہے۔ تِمن پزِہ ہاپانٛس اتھ پیٹھ ملامت کرنِ۔ اَمہِ خوتہ تعجب چھُو کہ یمہِ ساتہ تِم بُوزان چھہِ کہ کُفرک سزا چھُو نزولِ عذاب، تِم چھہِ اِنکارہ کٔن تتھ عذابس جلد ژھانڈان خُلِقَ الْإِنْسَانُ مِنْ عَجَلٍ انسان چھُو پیدہ کرنہ آمُت بانبرہ۔ زَن امسنزِہ آڈرنہِ منز چھہ تراونہ آمٕژ جلدی تہ بانبر۔ اَمی موکھ چھہِ تِم لُوکھ جلدی عذاب منگان۔ تتھ منز ژیرگژھنس چھہِ زانان عذاب واقع نہ سپدنچ دلیل سَأُورِيكُمْ آيَاتِي فَلَا تَسْتَعْجِلُونِ ای کافرو بانبرِ ومہ جلدی ہاووہ بُو توہہِ عذابس گرفتار کرنک نِشانہ تہ علامات۔ تُہہ مہ کرِو جلدی کیازہ وقتہ برونٛہ سُو عذاب ایِہ نہ۔ وقتس پیٹھ پننہِ نِشہِ ژلِہ نہ وَيَقُولُونَ مَتَىٰ هَٰذَا الْوَعْدُ إِنْ كُنْتُمْ صَادِقِينَ بیہ چھہِ ونان تِم لُوکھ کہ کر سپدِہ یہِ وعدہ

الَّذِيْنَ كَفَرُوْا حِيْنَ لَا يَكُفُّوْنَ عَنْ وُّجُوْهِهِمُ النَّارَ وَلَا
عَنْ ظُهُوْرِهِمْ وَلَا هُمْ يُنْصَرُوْنَ ﴿٣٩﴾ بَلْ تَاْتِيْهِمْ بَغْتَةً
فَتَبْهَتُهُمْ فَلَا يَسْتَطِيْعُوْنَ رَدَّهَا وَلَا هُمْ يُنْظَرُوْنَ ﴿٤٠﴾
وَلَقَدِ اسْتُهْزِئَ بِرُسُلٍ مِّنْ قَبْلِكَ فَحَاقَ بِالَّذِيْنَ سَخِرُوْا
مِنْهُمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ ﴿٤١﴾ قُلْ مَنْ يَّكْلَؤُكُمْ بِالَّيْلِ
وَالنَّهَارِ مِنَ الرَّحْمٰنِ ۭ بَلْ هُمْ عَنْ ذِكْرِ رَبِّهِمْ مُّعْرِضُوْنَ ﴿٤٢﴾

---

پوره ڇھوے تهه پڙيارِ۔ لَوْ يَعْلَمُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا حِيْنَ لَا يَكُفُّوْنَ عَنْ وُّجُوْهِهِمُ النَّارَ وَلَا عَنْ
ظُهُوْرِهِمْ وَلَا هُمْ يُنْصَرُوْنَ اے کاش تمن کافرن ہے تمہِ وقتِ خبر گرشهِ ہایلهِ تمن جهنمک نار پر یتهہ
طرفہ ولنہ پیہِ تو پتہ ہیکن نہ تم سُو نار پانس برو ٹھکن دور کُرِ تہ نہ پنہ پُشتہ کن تہ تھرکن دُور کُر تھ۔
نہ ایہ تمن کا نہہ مَدَد کرنہ۔ اگر تمن تہِ معلوم آسہا۔ تیلہِ کرہَن نہ تمِ عذابِ نارچ فرمایش۔ لہذا اچھنہ یہ
کتھ ضروری کہ تھزہ فرمایشہ مُوافق کیا ایہ نارُک عذاب تمن کرنہ بَلْ تَاْتِيْهِمْ بَغْتَةً فَتَبْهَتُهُمْ فَلَا
يَسْتَطِيْعُوْنَ رَدَّهَا وَلَا هُمْ يُنْظَرُوْنَ بلکہ واتہِ تمن برو ٹھکن سُو عذاب ہنگہ تہ منگہ۔ سُوی کریکھ
حیران۔ دَم پھٹِ گرِ ڈھن۔ پس ہیکن نہ تتھ نارس پانس نشہِ دُور کُر تھ نہ اَکھ مُہلت دِنہ وَلَقَدِ اسْتُهْزِئَ
بِرُسُلٍ مِّنْ قَبْلِكَ فَحَاقَ بِالَّذِيْنَ سَخِرُوْا مِنْهُمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ بیشک بیہ پچھہِ ٹھٹھہ آمتِ
کرنہ تمن پیغمبرن سیت تِم توہہِ برونٹھ آسِ یارسُول اللہ۔ پس آو ولنہ تمن ٹھٹھ کرہ وَنین سُوی عذاب
یتھ تِم ٹھٹھہ کران آسِ قُلْ مَنْ يَّكْلَؤُكُمْ بِالَّيْلِ وَالنَّهَارِ مِنَ الرَّحْمٰنِ تُہہ فرماویوکھ یارسول اللہ کہ
دنیاءس منزِ یُس توہہِ محفوظ تھوِہ عذابہ نِشہِ پتہ تہِ مہربانی حضرتِ رحمانہ سنزی ہرگاہ نے تُہہ مانوِ تہنز
مہربانی تہ احسان تلہِ وَنِتو تُہہ کُہہ تھورا پھہِ کران راتس تہ دوہس حضرتِ رحمانہ سندہِ عذابہ نِشہِ۔ یہِ
پچھہ تہنزی رحمت تہ مہربانی کہ سُو تھونہ توہہِ نافرمانی سببہ عذابس گرفتار کران۔ ورنہ توہہِ کُہہ ہیکہِ تُمہِ
عذابہ نِشہِ بچاوِت۔ یہِ مہربانی تہ احسان اُوس منگان کہ یہِ محسُن تہ مہربانی کرہ وُن گرشھہِ گنوی زانن۔ تس

أَمْ لَهُمْ آلِهَةٌ تَمْنَعُهُم مِّن دُونِنَا ۚ لَا يَسْتَطِيعُونَ نَصْرَ
أَنفُسِهِمْ وَلَا هُم مِّنَّا يُصْحَبُونَ ﴿٤٣﴾ بَلْ مَتَّعْنَا هَٰؤُلَاءِ وَ
آبَاءَهُمْ حَتَّىٰ طَالَ عَلَيْهِمُ الْعُمُرُ ۗ أَفَلَا يَرَوْنَ أَنَّا نَأْتِي
الْأَرْضَ نَنقُصُهَا مِنْ أَطْرَافِهَا ۚ أَفَهُمُ الْغَالِبُونَ ﴿٤٤﴾ قُلْ إِنَّمَا
أُنذِرُكُم بِالْوَحْيِ ۚ وَلَا يَسْمَعُ الصُّمُّ الدُّعَاءَ إِذَا مَا يُنذَرُونَ ﴿٤٥﴾

---

گوڙهه نه ڪانهه شريڪ ٿيائون. مگر تم ڇهنِ توتهِ توحيدُ ڪ اقرار ڪران بَلْ هُمْ عَن ذِكْرِ رَبِّهِم مُّعْرِضُونَ بلڪه ڇهِ تمِ بدستور پنه نس حقيقي پروردگاره سنده ياده نشهِ ته توحيده نشهِ بُتهه ڦِران روگرداني ڪران أَمْ لَهُمْ آلِهَةٌ تَمْنَعُهُم مِّن دُونِنَا لَا يَسْتَطِيعُونَ نَصْرَ أَنفُسِهِمْ وَلَا هُم مِّنَّا يُصْحَبُونَ ڪياه تمن ڇهَا اسهِ وراي تهِ معبود تيمِ تمن بچاوِ تهه هيڪن سانهِ عذابه نشهِ. تمِ ڪياه هيڪن تمن بچاوِ تهه تمن ڇهونه طاقت پنن پان بچاونڪ. تيمن ڪياه هيڪن بچاوِ تهه. نه هيڪه مُقابله ڪه وقته ڪانهه اسهِ منزه تمن سيتِ رُوز تهه. تيمن ڪافرن هُند ڪُفرس پيٺه اصرار ڪرن. ييهِ ڇهنه تيمهِ وجهه ڪه سانين دليلن منز ڪياه ڇهو ڪانهه نقص بَلْ مَتَّعْنَا هَٰؤُلَاءِ وَآبَاءَهُمْ حَتَّىٰ طَالَ عَلَيْهِمُ الْعُمُرُ بلڪه ڇهو اصلي وجهه ڪه اسهِ ڪور تيمن لوڪن ييهِ تهندين مالين بڏِبن دُنياء ڪ سامانِ عيش مهيّا. يو تانِ تهنزه عُمره بڏے ييهِ. تيمِ آيے پشت در پشت دنياءس منز عيش و آرام ڪران. تمي آيه غفلت ولنه. غرض نقص ڇهو تمني منز. سُو گو غفلتڪ نقص ته خلل. اسهِ ڪرے ييهِ بيان تمِ چيز تيمو سيت تمن غفلت ژلهِ ها. أَفَلَا يَرَوْنَ أَنَّا نَأْتِي الْأَرْضَ نَنقُصُهَا مِنْ أَطْرَافِهَا أَفَهُمُ الْغَالِبُونَ ڪياه تمِ ڇهنا وڇهان ڪه اَسِ ڇهِ تهندِس زمينس بذريعه فتوحاتِ اسلاميّه پرِ تهه طرفه ڪمي ڪران. يمن هندِه تصرّفه نشهِ ڪڏت مُسلمانن هندس تصرفس منز آنان. ڪياه تيمِ هيڪنه سانس پيغمبرس پيٺه غالِب سپدِ تهه. تيمِ چيز وڇهتِ تے توتهِ تمِ جهالتس ته عنادس پيٺه اصرار ڪرِ تهه عذابچ فرمائش روزن ڪران قُلْ إِنَّمَا أُنذِرُكُم بِالْوَحْيِ تُهه فرماو يو ڪه بُو ڇهو سنه مگر بيم ڪران توههِ وحيڪهِ ذريعه. عذاب واقع ڪرن ڇهونه مينس اختيارس اندر. اگرچهِ تهه پاڻهِ بيم ڪرن اوس ڪافي مگر وَلَا

وَلَئِنْ مَّسَّتْهُمْ نَفْحَةٌ مِّنْ عَذَابِ رَبِّكَ لَيَقُولُنَّ يٰوَيْلَنَآ
إِنَّا كُنَّا ظٰلِمِيْنَ ﴿٤٦﴾ وَنَضَعُ الْمَوَازِيْنَ الْقِسْطَ لِيَوْمِ الْقِيٰمَةِ
فَلَا تُظْلَمُ نَفْسٌ شَيْـًٔا ؕ وَإِنْ كَانَ مِثْقَالَ حَبَّةٍ مِّنْ
خَرْدَلٍ أَتَيْنَا بِهَا ؕ وَكَفٰى بِنَا حٰسِبِيْنَ ﴿٤٧﴾ وَلَقَدْ اٰتَيْنَا
مُوْسٰى وَهٰرُوْنَ الْفُرْقَانَ وَضِيَآءً وَّذِكْرًا لِّلْمُتَّقِيْنَ ﴿٤٨﴾
الَّذِيْنَ يَخْشَوْنَ رَبَّهُمْ بِالْغَيْبِ وَهُمْ مِّنَ السَّاعَةِ
مُشْفِقُوْنَ ﴿٤٩﴾ وَهٰذَا ذِكْرٌ مُّبٰرَكٌ أَنْزَلْنٰهُ ؕ أَفَأَنْتُمْ لَهٗ

---

يَسْمَعُ الصُّمُّ الدُّعَآءَ إِذَا مَا يُنْذَرُوْنَ تم زِ ریمہِ ساتہ پزِس کُن نادِ دِتھ عذابہ سیت کھوژناوتہ یوان چھِ تم چھِنہ سو آلو بوزانی وَلَئِنْ مَّسَّتْهُمْ نَفْحَةٌ مِّنْ عَذَابِ رَبِّكَ لَيَقُولُنَّ يٰوَيْلَنَآ إِنَّا كُنَّا ظٰلِمِيْنَ تو پتہ ییمہِ ساتہ تمن تُہندِس پروردگارہ سندِہ عذابکہِ ہواوک اکھ دکّاہ لگہِ تمہِ ساتہ وَنن ہاے افسوس واقعی آسِ اَسِ ظالم تہ خطاکار وَنَضَعُ الْمَوَازِيْنَ الْقِسْطَ لِيَوْمِ الْقِيٰمَةِ بیہ کرو اَسِ قیامتکہِ دوہہ قائم عدلچ ترکر۔ فَلَا تُظْلَمُ نَفْسٌ شَيْـًٔا پس ایہِ نہ کانسہِ نسبت ظلم کرنہ وَإِنْ كَانَ مِثْقَالَ حَبَّةٍ مِّنْ خَرْدَلٍ أَتَيْنَا بِهَا وَكَفٰى بِنَا حٰسِبِيْنَ بیہ ہرگاہ اَسہِ نشہِ اکس آسرِ پھلس برابر آسہ کانسہِ ہنز عمل، سو تہِ انواَسِ تولنہ خیطرہ بیہ چھِ اسِ کافی حساب ہینہ خیطرہ وَلَقَدْ اٰتَيْنَا مُوْسٰى وَهٰرُوْنَ الْفُرْقَانَ وَضِيَآءً وَّذِكْرًا لِّلْمُتَّقِيْنَ پزپاٹھ بیہ کر اَسہِ حضرتِ موسیٰ اَس تہ حضرتِ ہارونس عطا کِتاباہ، یُوسہ پزِس تہ اپزِس منز فرق کرہ وَنِ آس۔ بیہ وَتھ ہاونہ خیطرہ اکھ گاشاہ بیہ اکھ نصیحت ناماہ پرہیزگارن ہندِہ خیطرہ الَّذِيْنَ يَخْشَوْنَ رَبَّهُمْ بِالْغَيْبِ وَهُمْ مِّنَ السَّاعَةِ مُشْفِقُوْنَ تم پرہیزگار پنہِ نِس پروردگارس غائبانہ کھوژان چھِ، بیہ تم قیامتہ نشہِ تہِ کھوژان چھِ، یتھ پاٹھِ تمن یعنی موسیٰ تہ ہارُون علیہ السلام من اَسہِ کتاب عطا کر وَهٰذَا ذِكْرٌ مُّبٰرَكٌ أَنْزَلْنٰهُ أَفَأَنْتُمْ لَهٗ مُنْكِرُوْنَ بیہ قرآن مجید تہ

مُنْكِرُوْنَ ﴿٥٠﴾ ع وَلَقَدْ اٰتَيْنَآ اِبْرٰهِيْمَ رُشْدَهٗ مِنْ قَبْلُ وَ
كُنَّا بِهٖ عٰلِمِيْنَ ﴿٥١﴾ اِذْ قَالَ لِاَبِيْهِ وَقَوْمِهٖ مَا هٰذِهِ التَّمَاثِيْلُ
الَّتِيْٓ اَنْتُمْ لَهَا عٰكِفُوْنَ ﴿٥٢﴾ قَالُوْا وَجَدْنَآ اٰبَآءَنَا لَهَا
عٰبِدِيْنَ ﴿٥٣﴾ قَالَ لَقَدْ كُنْتُمْ اَنْتُمْ وَاٰبَآؤُكُمْ فِيْ ضَلٰلٍ
مُّبِيْنٍ ﴿٥٤﴾ قَالُوْٓا اَجِئْتَنَا بِالْحَقِّ اَمْ اَنْتَ مِنَ اللّٰعِبِيْنَ ﴿٥٥﴾
قَالَ بَلْ رَّبُّكُمْ رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ الَّذِيْ

---

ڇھو بابرڪت اک نصيحت ناماه، ٻس اسهِ نازل ڪور ڪياه ٿهه ڇھوه اَٿھ اِنڪار ڪران وَلَقَدْ اٰتَيْنَآ اِبْرٰهِيْمَ رُشْدَهٗ مِنْ قَبْلُ وَكُنَّا بِهٖ عٰلِمِيْنَ پتز پاٹ ٻيه ڪر اَسهِ ابراهيم عليه السلامس موسىٰ عليه السلامس بروٺھ پتن دِوّت ته معامله فهمي عطا (يُوسه ٿھندس شانس شوبه ها. اَسهِ آس بروٺھے خبر ٿھندين ڪمالاتِ علّمن هنز اِذْ قَالَ لِاَبِيْهِ وَقَوْمِهٖ مَا هٰذِهِ التَّمَاثِيْلُ الَّتِيْٓ اَنْتُمْ لَهَا عٰكِفُوْنَ قابلِ ذڪرِ ڇھو ٿھند يه واقعه يلهِ تمو ذوپ پنه نِس مالس ته پنه نِس قومس يلهِ تمِ مصروف وُڇھهِ تمو پُوتلين هندِس عبادتس اندروونهڪ ـمهِ گمه شڪله ڇھوه توههِ ٿھاومژه تمن پرستش ڪرنه خيطره ٿهه پريٿھ وقته تمن بروٺھ ڪنهِ بهتِ ڇھوهِ آسان قَالُوْا وَجَدْنَآ اٰبَآءَنَا لَهَا عٰبِدِيْنَ تمو دوپ جواب ڪهِ اسهِ وڇھهِ مالِ ته ٻڊٻب يمني پرستش ڪران. تمِ لوکھ آسِ عاقل لهذا زون اَسهِ تمِ چيز ڇھهِ پرستشه قابلِ. قَالَ لَقَدْ كُنْتُمْ اَنْتُمْ وَاٰبَآؤُكُمْ فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ ابراهيم عليه السلامن دوپھ تهه ته بيه ٿھندِ مالِ ٻُڊٻب ڇھوه پتز پاٹھِ تمِ پُوتلِ لايقِ عِبادت زانه نِس اندرنهِ گمراهي منز مُبتلا. تمِ آسِ پانه گمراه، ٿهه تهِ رُودِوه تھ گمراهي پيٹھ. يه بوز تمو ٹواکھ ڪٿھاه. تمِ گئے يه بُوزِت حيران. تمو ذوپ قَالُوْٓا اَجِئْتَنَا بِالْحَقِّ اَمْ اَنْتَ مِنَ اللّٰعِبِيْنَ تمِ لگِ دپنهِ ڪياه ٿهه ڇھوهِ پننهِ جايه يه ڪتھ پتز زانٿھ اَسهِ نشهِ پيش ڪران. ڪنه ٿهه ڇھوهِ يٿھے مخول ڪران قَالَ بَلْ رَّبُّكُمْ رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ الَّذِيْ فَطَرَهُنَّ ابراهيم عليه السلامن فرمووُڪھ مخول ڇھونه بلڪه ڇھه پتز ڪتھ نه صرف مے نشهِ يُوت بلڪه واقعس منز ته ڇھه يہے پزڪتھ ڪهِ رُبّ ٿھند ڇھوسُوی

فَطَرَهُنَّ ۖ وَأَنَا عَلَىٰ ذَٰلِكُم مِّنَ الشَّاهِدِينَ ﴿٥٦﴾ وَ
تَاللَّهِ لَأَكِيدَنَّ أَصْنَامَكُم بَعْدَ أَن تُوَلُّوا مُدْبِرِينَ ﴿٥٧﴾
فَجَعَلَهُمْ جُذَاذًا إِلَّا كَبِيرًا لَّهُمْ لَعَلَّهُمْ إِلَيْهِ يَرْجِعُونَ ﴿٥٨﴾
قَالُوا مَن فَعَلَ هَٰذَا بِآلِهَتِنَا إِنَّهُ لَمِنَ الظَّالِمِينَ ﴿٥٩﴾ قَالُوا
سَمِعْنَا فَتًى يَذْكُرُهُمْ يُقَالُ لَهُ إِبْرَاهِيمُ ﴿٦٠﴾ قَالُوا
فَأْتُوا بِهِ عَلَىٰ أَعْيُنِ النَّاسِ لَعَلَّهُمْ يَشْهَدُونَ ﴿٦١﴾ قَالُوا

---

ذاتِ پاک یُس سارنی آسمانن تہٕ زمینن ہُند ربّ چھُو۔ یمہٕ تمہٕ آسمان زمین گوڈہ پیدہ کر برو ٹھم نقشہ تہٕ نمونہ آسنہ ورای۔ ہیرِ یمہٕ تمنِ آسمانن تہٕ زمینن منز چھُوتہٕ سورُوی کور تمہٕ پیدہ۔ یتھ منز تم تُہند پوتلہٕ تہٕ چھہٕ شامل۔ یعنی تم تہٕ چھہٕ تمی پیدہ کرمتہٕ۔ وَأَنَا عَلَىٰ ذَٰلِكُم مِّنَ الشَّاهِدِينَ بو چھُس پانہ اچھ گواہی دوان۔ اتھ پیٹھ چھہ مہٕ نشہٕ دلیلہ تہٕ۔ بو چھُس نہ تہند پاٹھ اچھ وٹتھ تقلید کرن وَتَاللَّهِ لَأَكِيدَنَّ أَصْنَامَكُم بَعْدَ أَن تُوَلُّوا مُدْبِرِينَ قسم خدایُو کرہ تہندین پوتلین ضرور کینہہ تدبیراہ تہٕ بندوبستاہ یُتھ توہہٕ معلوم سپدہٕ تُہند عاجز آسُن تُہندہ تمن نشہٕ واپس گژھنہ پتہٕ فَجَعَلَهُمْ جُذَاذًا إِلَّا كَبِيرًا لَّهُمْ لَعَلَّهُمْ إِلَيْهِ يَرْجِعُونَ چنانچہٕ تہندہ گژھنہ پتہٕ کر ابراہیم علیہ السّلامن تمن پوتلین تبرہ سیتہٕ ریزہ ریزہ۔ مگر نہ اکس بڈس پوتلس۔ تس کورُکھ نہ کینہہ تہٕ۔ یُتھ تم تمن گن واپس ینہٕ دریافت کرنہ خیطرہ قَالُوا مَن فَعَلَ هَٰذَا بِآلِهَتِنَا إِنَّهُ لَمِنَ الظَّالِمِينَ تمہٕ پتہٕ یلہٕ تمہٕ واپس آے وُچھکھ پوتلین ہُند یہ حال۔ دپنہٕ لگ یہ بے ادبی تہٕ بے حرمتی ہنز کام کمہٕ سنا چھہ کٔرمژ سانین معبودن نسبت بیشک چھُو سُو ظالم قَالُوا سَمِعْنَا فَتًى يَذْكُرُهُمْ يُقَالُ لَهُ إِبْرَاهِيمُ بعضی لگ دپنہٕ اسہٕ بوزا کھ جواناہ اوس تمن پوتلین ہُند تذکرہٕ کران۔ تس چھُو ناو ابراہیم قَالُوا فَأْتُوا بِهِ عَلَىٰ أَعْيُنِ النَّاسِ لَعَلَّهُمْ يَشْهَدُونَ دپچھ یُس انیون سُو سارنی لُوکن تھی۔ یُتھ تمن تھی اقرار کرہٕ تمہٕ تہٕ روزن تتھ پیٹھ گواہ تو پتہٕ انہ نوُکھ ابراہیم علیہ السّلام قَالُوا أَأَنتَ فَعَلْتَ هَٰذَا بِآلِهَتِنَا يَا إِبْرَاهِيمُ دوپُکھ اے ابراہیم ژہٕ کورُتھ یہ حال

فِيهَا اسْمُ اللَّهِ كَثِيرًا ۗ وَلَيَنصُرَنَّ اللَّهُ مَن يَنصُرُهُ ۗ إِنَّ اللَّهَ لَقَوِيٌّ
عَزِيزٌ ﴿٤٠﴾ الَّذِينَ إِن مَّكَّنَّاهُمْ فِي الْأَرْضِ أَقَامُوا الصَّلَاةَ وَآتَوُا
الزَّكَاةَ وَأَمَرُوا بِالْمَعْرُوفِ وَنَهَوْا عَنِ الْمُنكَرِ ۗ وَلِلَّهِ عَاقِبَةُ
الْأُمُورِ ﴿٤١﴾ وَإِن يُكَذِّبُوكَ فَقَدْ كَذَّبَتْ قَبْلَهُمْ قَوْمُ نُوحٍ وَعَادٌ
وَثَمُودُ ﴿٤٢﴾ وَقَوْمُ إِبْرَاهِيمَ وَقَوْمُ لُوطٍ ﴿٤٣﴾ وَأَصْحَابُ مَدْيَنَ ۖ وَكُذِّبَ
مُوسَىٰ فَأَمْلَيْتُ لِلْكَافِرِينَ ثُمَّ أَخَذْتُهُمْ ۖ فَكَيْفَ كَانَ نَكِيرِ ﴿٤٤﴾

---

يهودن هندِ عبادت خانه بيه مُسلمانن هنزه تمه مسجد تِمن منز بكثرت خدايه سُند ناو هينه يوان چھُو وَلَيَنصُرَنَّ اللَّهُ مَن يَنصُرُهُ إِنَّ اللَّهَ لَقَوِيٌّ عَزِيزٌ بيه چھُو ضرور الله تعالیٰ یاری ته مدد تِمن لوكن كران يِم تَس مَدَد كَرن يعني تهندِ س دِينس۔ پنِز پاٹھ الله تعالیٰ چھُو پانه سیٹھاه طاقتهٔ وول سارنی پیٹھ غالِب۔ سُو چھُو نه كانسهِ هندس مدد س كُن محتاج الَّذِينَ إِن مَّكَّنَّاهُمْ فِي الْأَرْضِ أَقَامُوا الصَّلَاةَ وَآتَوُا الزَّكَاةَ وَأَمَرُوا بِالْمَعْرُوفِ وَنَهَوْا عَنِ الْمُنكَرِ وَلِلَّهِ عَاقِبَةُ الْأُمُورِ يِم گے تِم مُسلمان يِمن بشارت دِنه آيه، هرگاه اَسِ دُنياءس منز حكومت دِمو تهندِ س اَتھس منز اَسهِ چھه خبری تِم تھاوَن پانه ته نماز برپا بيه كرن زكوٰة ادا۔ بيه كرن بيَن ته رژن كامين هُند امر ته ييچھ كاميو نشهِ منع سارنی كامين هُند انجام چھُو خدايه سند سئ اختيارس اندر وَإِن يُكَذِّبُوكَ فَقَدْ كَذَّبَتْ قَبْلَهُمْ قَوْمُ نُوحٍ وَعَادٌ وَثَمُودُ هرگاه يِم هرَته قضيه لاگه وِنِ لوكھ توههِ اپزِ زانن ته پزھ گرِن نه۔ بيه ؤ كتھاه چھنه، اَمهِ سيت مَه سپدِ وتُهه آزُرده۔ يِمن برونٹھ ته چھهِ قومِ نوحن، قوم عادَن ته قوم ثمودن پنن پيغمبر اپزِ زانمت وَقَوْمُ إِبْرَاهِيمَ وَقَوْمُ لُوطٍ* وَأَصْحَابُ مَدْيَنَ وَكُذِّبَ مُوسَىٰ بيه قوم ابراهيمن بيه قوم لُوطن بيه شهرِ مدين كيو لوكو، بيه چھُو اپزِ زانمه آمُت موسیٰ عليه السّلام۔ فَأَمْلَيْتُ لِلْكَافِرِينَ ثُمَّ أَخَذْتُهُمْ فَكَيْفَ كَانَ نَكِيرِ تِمن سارنی كافرن ته مُنكرن دِژمهِ كينهه كالاه مُهلت۔ تو پته رٹم تِم ته كرِم عذابَس گرفتار۔ پَس وچھُو تُهه سُو ميون عذاب كُيُتھ اوس تهندِ ه خيطره۔ فَكَأَيِّن مِّن قَرْيَةٍ أَهْلَكْنَاهَا وَهِيَ ظَالِمَةٌ فَهِيَ خَاوِيَةٌ عَلَىٰ عُرُوشِهَا پَس كاتِهن شهرَن هندِ لوكھ گالِ اَسهِ تهنزه نافرمانی سببه۔

فَكَاَيِّنْ مِّنْ قَرْيَةٍ اَهْلَكْنٰهَا وَهِيَ ظَالِمَةٌ فَهِيَ خَاوِيَةٌ عَلٰى عُرُوْشِهَا
وَبِئْرٍ مُّعَطَّلَةٍ وَّقَصْرٍ مَّشِيْدٍ ﴿۴۵﴾ اَفَلَمْ يَسِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَتَكُوْنَ
لَهُمْ قُلُوْبٌ يَّعْقِلُوْنَ بِهَآ اَوْ اٰذَانٌ يَّسْمَعُوْنَ بِهَا ۚ فَاِنَّهَا لَا
تَعْمَى الْاَبْصَارُ وَلٰكِنْ تَعْمَى الْقُلُوْبُ الَّتِيْ فِي الصُّدُوْرِ ﴿۴۶﴾
وَيَسْتَعْجِلُوْنَكَ بِالْعَذَابِ وَلَنْ يُّخْلِفَ اللّٰهُ وَعْدَهٗ ۭ وَاِنَّ يَوْمًا
عِنْدَ رَبِّكَ كَاَلْفِ سَنَةٍ مِّمَّا تَعُدُّوْنَ ﴿۴۷﴾ وَكَاَيِّنْ مِّنْ قَرْيَةٍ

---

تھنز حالت چھ کہ تھنز لرین جاین ہندِ پَش چھِ دَبہ بیٹھمتِ یعنے تمہ چھ ویران تہ مُنہدم سپز مژہ۔ تمِ لوکھ یم تمن لرین منز بسان آسِ گے ہلاک تتھ سیتِ وَبِئْرٍ مُّعَطَّلَةٍ وَّقَصْرٍ مَّشِيْدٍ بیہ کا تیاہ کرِیر یم بیکار چھِ یمیت اَمہِ بردنٹھ آسِ تمِ آباد۔ بیہ کاژاہ محکم تہ مضبوط گچھ کرنہ آمژہ لرِہ، تِمنی لرین چھُو لرِہ پار گومُت اَفَلَمْ يَسِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَتَكُوْنَ لَهُمْ قُلُوْبٌ يَّعْقِلُوْنَ بِهَآ اَوْ اٰذَانٌ يَّسْمَعُوْنَ بِهَا کیاہ یم مُنکرِ چھِنا پھیرمِت مُلکس اندر تاکہ تمو آسہن تھندِ حالات وچھمتِ پَس آسہنک دِل تتھ سپدِمتِ یمو سیتِ زانن ہکہِ ہکھ یا آسہنک گن تتھ سپدمتِ یمو سیتِ بوزن ہکہِ ہکھ۔ فَاِنَّهَا لَا تَعْمَى الْاَبْصَارُ وَلٰكِنْ تَعْمَى الْقُلُوْبُ الَّتِيْ فِي الصُّدُوْرِ حقیقت چھ یہ کہِ اَنہِ چھنہ آسان گمژہ کلہ چِہ اَچھہِ بلکہِ چھِ اَنِ آسان تِم دِل یم سینس منز چھِ آسان۔ لہذا چھِ تمن تہ دِل اعمیٰ سپدمتِ۔ وَيَسْتَعْجِلُوْنَكَ بِالْعَذَابِ وَوَن چھِ یم کافر نبوتس منز شُبہ تہ شک تراونہ خیطرہ توہہِ نشہِ جلدی ژھانڈان عذاب واقع کرنس اندر وَلَنْ يُّخْلِفَ اللّٰهُ وَعْدَهٗ اللہ تعالیٰ کرِہ نہ ہرگز پننہ نس وعدس خِلاف۔ یُس وقتاہ تمِ تمہِ عذابہ خیطرہ مُقرر کورمُت چھُو تتھ وقتس پیٹھ واتہِ ضرور سُو عذاب وَاِنَّ يَوْمًا عِنْدَ رَبِّكَ كَاَلْفِ سَنَةٍ مِّمَّا تَعُدُّوْنَ پَنزِ پاٹھِہ تھندِس پروردگارس نشہِ چھُو اکھ دوہ ساسَس وَرِہَس برابر تُھندِ تمہِ شُمارہ موجب یُس تُہہ کران چھُوہ وَكَاَيِّنْ مِّنْ قَرْيَةٍ اَمْلَيْتُ لَهَا وَهِيَ ظَالِمَةٌ ثُمَّ اَخَذْتُهَا ۚ وَاِلَيَّ الْمَصِيْرُ بیہ کا تہن شہرن ہندِ لوکھ تِمن دِژمہِ مُہلت ظالم تہ نافرمان آسنہِ باوجود، یعنی تمِ آسِ ٹھٹھہ زانان عذابک واقع سپدُن تمی آسِ

أَمْلَيْتُ لَهَا وَهِيَ ظَالِمَةٌ ثُمَّ أَخَذْتُهَا ۚ وَإِلَيَّ الْمَصِيرُ ﴿٤٨﴾ قُلْ
يَا أَيُّهَا النَّاسُ إِنَّمَا أَنَا لَكُمْ نَذِيرٌ مُبِينٌ ﴿٤٩﴾ فَالَّذِينَ آمَنُوا وَ
عَمِلُوا الصَّالِحَاتِ لَهُمْ مَغْفِرَةٌ وَرِزْقٌ كَرِيمٌ ﴿٥٠﴾ وَالَّذِينَ سَعَوْا
فِي آيَاتِنَا مُعَاجِزِينَ أُولَٰئِكَ أَصْحَابُ الْجَحِيمِ ﴿٥١﴾ وَمَا أَرْسَلْنَا
مِنْ قَبْلِكَ مِنْ رَسُولٍ وَلَا نَبِيٍّ إِلَّا إِذَا تَمَنَّىٰ أَلْقَى الشَّيْطَانُ
فِي أُمْنِيَّتِهِ فَيَنْسَخُ اللَّهُ مَا يُلْقِي الشَّيْطَانُ ثُمَّ يُحْكِمُ اللَّهُ

---

جلدی تمسِہ وقتُک مطالبہ کران۔ تِم یلہِ توتہِ باز آیے نہ تو پتہ کرمہِ تِم عذابس گرفتار۔ بیہ چھُو سارنی پتو لاکہ ے نِشہِ واتُن تمہِ ساتہ دِمہ یُو تِمن شرک وکُفرک پُورسزا قُلْ يَا أَيُّهَا النَّاسُ إِنَّمَا أَنَا لَكُمْ نَذِيرٌ مُبِينٌ تُہہ فرماوِیُو کھ یارسُول اللہ اے لُوکو یُو چھُو سنہ مگر تُہندِہ خیطرہ اکھ نن پاٹھ بیم کرہ وُن۔ مہِ تانِ چھُونہ عذاب واقع کرُن فَالَّذِينَ آمَنُوا وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ لَهُمْ مَغْفِرَةٌ وَرِزْقٌ كَرِيمٌ پس تِمو لُوکو میانہِ کھوژ ناونہ تہ بیم کرنہ سیت عبرت رٹتھ اِیمان اون تہ رژہ عملہ گرِہ، تہندِہ خیطرہ چھُو بوڈ مغفرت بیہ عزتک رِزق یعنی جنت تہ جنتچہ نعمژ۔ وَالَّذِينَ سَعَوْا فِي آيَاتِنَا مُعَاجِزِينَ أُولَٰئِكَ أَصْحَابُ الْجَحِيمِ بیہ تِم لوکھ کوشِش چھِہ کران سانین آیاتن اپزانتھ اَسہِ عاجز کرنچ۔ تِمے گے نارہ وال یعنی نار جہنّمس واتہ ونِ۔ ای پیغمبر تِم لوکھ چھِہ شیطانہ سندِہ اغوا سیت توہہِ سیت مُقابلہ تہ مُجادلہ کران۔ یہِ چھنہ نَو کتھاہ وَمَا أَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ مِنْ رَسُولٍ وَلَا نَبِيٍّ إِلَّا إِذَا تَمَنَّىٰ أَلْقَى الشَّيْطَانُ فِي أُمْنِيَّتِهِ اسہِ سُوزنہ توہہِ برونٹھ کانہہ رسُولاہ تہ کانہہ نبیاہ تِمسِ نہ یہِ قِصّہ پیش آو کہ یانِ تمہِ اللہ تعالیٰ سندیو احکامو اندرہ کُنہ ماہ بیان ہیوت کرُن تانِ ہیوت شیطانن کافرن ہندین دِلن اندر شُبہ تہ اعتراض تراوُن فَيَنْسَخُ اللَّهُ مَا يُلْقِي الشَّيْطَانُ ثُمَّ يُحْكِمُ اللَّهُ آيَاتِهِ وَاللَّهُ عَلِيمٌ حَكِيمٌ پس چھُو اللہ تعالیٰ نِہناوان تہ نیست و نابود کران تِم شُبہات تہ وسوسہ تِم شیطان تراوان چھُو قطعی جوابو تہ روشن دلیلو سیت۔ تو پتہ چھُو اللہ تعالیٰ مضبوط کران پننین آیاتن ہندِ مضامین۔ بیہ چھُو اللہ تعالیٰ تِمن اعتراضاتن متعلق پُور علمہ وول۔ بیہ چھُو تِمن اعتراضاتن ہُند جواب

اٰيٰتِهٖ ؕ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ حَكِيْمٌ ﴿۵۲﴾ لِّيَجْعَلَ مَا يُلْقِي الشَّيْطٰنُ
فِتْنَةً لِّلَّذِيْنَ فِيْ قُلُوْبِهِمْ مَّرَضٌ وَّالْقَاسِيَةِ قُلُوْبُهُمْ ؕ وَ
اِنَّ الظّٰلِمِيْنَ لَفِيْ شِقَاقٍۭ بَعِيْدٍ ﴿۵۳﴾ وَّلِيَعْلَمَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا
الْعِلْمَ اَنَّهُ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّكَ فَيُؤْمِنُوْا بِهٖ فَتُخْبِتَ لَهٗ
قُلُوْبُهُمْ ؕ وَاِنَّ اللّٰهَ لَهَادِ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْۤا اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ﴿۵۴﴾
وَلَا يَزَالُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فِيْ مِرْيَةٍ مِّنْهُ حَتّٰى تَاْتِيَهُمُ
السَّاعَةُ بَغْتَةً اَوْ يَاْتِيَهُمْ عَذَابُ يَوْمٍ عَقِيْمٍ ﴿۵۵﴾

---

تسلیم کرنس اندر پُور حکمتہ وول۔ وون گویہ کیازہ چھُو اللہ تعالیٰ کران یعنی شیطانس کیازہ چھُو وسوسہ
تراو نک مُوقع دوان لِّيَجْعَلَ مَا يُلْقِي الشَّيْطٰنُ فِتْنَةً لِّلَّذِيْنَ فِيْ قُلُوْبِهِمْ مَّرَضٌ وَّالْقَاسِيَةِ قُلُوْبُهُمْ
یُتھ اللہ تعالیٰ کرِ تتھ شیطانہ سندِس وسوسَس آزمائشہ ہُند ذریعہ تِمن لوکن ہندِ خیطرٕ یِہندین دِلن
اندر شکّن تہ شُبہن ہُند مرض چھُو۔ بیہ تِمن ہندِ دِل سیٹھاہ سخت چھِہ وَاِنَّ الظّٰلِمِيْنَ لَفِيْ شِقَاقٍۭ بَعِيْدٍ
پٔز پاٹھِ چھِہ کافر زیٹھس اختلافس تہ مخالفس منز۔ یُوزروشن آستھ چھِنہ محض عنادہ سببہ قبول کران
شیطانس آووسوسہ تراو نک طاقت دِنہ یُتھ لوکن آزمائش کرنہ ییہ۔ وَلِيَعْلَمَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْعِلْمَ اَنَّهُ
الْحَقُّ مِنْ رَّبِّكَ فَيُؤْمِنُوْا بِهٖ فَتُخْبِتَ لَهٗ قُلُوْبُهُمْ چھُو تِمو صحیح جوابو سیتِ تِمن شُبہاتن ہُند ابطال
سپدان یُتھ علمہ والِ یہ کتھ وارہ زانن یہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلّمو فرموو تہ تلاوت کور۔ تہِ چھُو پٔز پاٹھِ
تہندِس پروردگارہ سندِ طرفہ۔ پَس روزن تِم ایمانس پیٹھ پُور قایم تو پتہ سپدن تتھ پیٹھ عمل کرنہ
خیطرٕ تہندِ دِل پُور مائیل وَاِنَّ اللّٰهَ لَهَادِ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْۤا اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ بیشک اللہ تعالیٰ ای چھُو باایمانن
سیزٕ وَتھ ہاوان۔ پَس گوڈہ نا تِمن ہدایت بنن۔ یہ گیہ حالت باایمانن ہنز یتھ رُودِ کافر تِمن ہُند حال چھُو اَمہِ
پتہ۔ وَلَا يَزَالُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فِيْ مِرْيَةٍ مِّنْهُ حَتّٰى تَاْتِيَهُمُ السَّاعَةُ بَغْتَةً اَوْ يَاْتِيَهُمْ عَذَابُ

اَلْمُلْكُ يَوْمَئِذٍ لِّلّٰهِ ؕ يَحْكُمُ بَيْنَهُمْ ؕ فَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَ
عَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ فِيْ جَنّٰتِ النَّعِيْمِ ﴿٥٦﴾ وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَ
كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا فَاُولٰٓئِكَ لَهُمْ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ ﴿٥٧﴾ وَالَّذِيْنَ
هَاجَرُوْا فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ثُمَّ قُتِلُوْٓا اَوْ مَاتُوْا لَيَرْزُقَنَّهُمُ
اللّٰهُ رِزْقًا حَسَنًا ؕ وَاِنَّ اللّٰهَ لَهُوَ خَيْرُ الرّٰزِقِيْنَ ﴿٥٨﴾
لَيُدْخِلَنَّهُمْ مُّدْخَلًا يَّرْضَوْنَهٗ ؕ وَاِنَّ اللّٰهَ لَعَلِيْمٌ

---

يَوْمٍ عَقِيْمٍ پٺ ڙُودِ ڪافر تمِ روزن هميشہ قرآن مجيده کہ حقہ شڪہ سي اندر ٻُوتان واٿھ پيہ هنگہ تہ منگہ تمن
قيامتَ دوه ياوانيکھ دُنيا سي منز ڪنہ سخت مُشڪل تہ بے برڪت دُهک عذاب يَتھ منز تمن قتل و غارت سپدِه
اَلْمُلْكُ يَوْمَئِذٍ لِّلّٰهِ يَحْكُمُ بَيْنَهُمْ پادشهت آسہِ تمہِ دوهہ يعني قيامتَ دوه الله تعاليٰ سنزي ياڙ۔ سُو ي
ڪرِ تمن ڪافرن منز عملي فيصلہ فَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ فِيْ جَنّٰتِ النَّعِيْمِ سُو فيصلہ گو
يُوہ ہے ڪہِ يمو لوڪو ايمان اَنِتھ رڙہ عملہ ڪرِ مڙہ آسن تمن واتناوه الله تعاليٰ نعمژن هندين جنتن اندر وَالَّذِيْنَ
كَفَرُوْا وَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا فَاُولٰٓئِكَ لَهُمْ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ بيہ يمو ڪفر تہ اِنڪار ڪور بيہ زانِتھ اَمِنز سانِ
آيات، پس تمن لُوڪن هندِ خيطرہ ڇھُو ذليل تہ خوار ڪرہ وُن عذاب وَالَّذِيْنَ هَاجَرُوْا فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ
ثُمَّ قُتِلُوْٓا اَوْ مَاتُوْا لَيَرْزُقَنَّهُمُ اللّٰهُ رِزْقًا حَسَنًا بيہ يمو لوڪو خدايہ سنزہ وتہ يعني تهندِه دينہ خيطرہ پنُن
وطن تراوِت هجرت ڪر تو پتہ آے مارنہ يا مُو دِپانے تمن ديہ الله تعاليٰ ضرور اکھ رُت رِزقاه۔ جنتُک رِزق تہ کم
کم ميوه بيہ ديدارِ خُدا وَاِنَّ اللّٰهَ لَهُوَ خَيْرُ الرّٰزِقِيْنَ پٔز پاٹھ الله تعاليٰ اي ڇھُو ساروي عطا ڪره وِنيو
اَندره رُت عطا ڪره وُن۔ سُو ڪرِه تمن عطا رِزق جنتس سيت رڙ جاے تہ رُت گره تہ لَيُدْخِلَنَّهُمْ مُّدْخَلًا
يَّرْضَوْنَهٗ سُو واتناوِه تمن ضرور تڙھي رڙِه جايہ اَندر يُوسہ تمن سيٹھاه پسند سپدِه وَاِنَّ اللّٰهَ لَعَلِيْمٌ
حَلِيْمٌ بيشک الله تعاليٰ ڇھُو پرِيتھ ڪُنهِ هنز مصلحت زانہ وُن سيٹھاه ژيڈ ڪره وُن۔ پننہ نين دُشمن ڇھُو نہ سيتي
رٹان تہ سزا دِوان بلکہ ڇھُس مُهلت دِوان ذٰلِكَ ۚ وَمَنْ عَاقَبَ بِمِثْلِ مَا عُوْقِبَ بِهٖ ثُمَّ بُغِيَ عَلَيْهِ

حَلِيْمٌ ﴿٥٩﴾ ذٰلِكَ ۚ وَمَنْ عَاقَبَ بِمِثْلِ مَا عُوْقِبَ بِهٖ
ثُمَّ بُغِيَ عَلَيْهِ لَيَنْصُرَنَّهُ اللّٰهُ ۭ اِنَّ اللّٰهَ لَعَفُوٌّ غَفُوْرٌ ﴿٦٠﴾
ذٰلِكَ بِاَنَّ اللّٰهَ يُوْلِجُ الَّيْلَ فِي النَّهَارِ وَيُوْلِجُ النَّهَارَ
فِي الَّيْلِ وَاَنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌۢ بَصِيْرٌ ﴿٦١﴾ ذٰلِكَ بِاَنَّ اللّٰهَ هُوَ
الْحَقُّ وَاَنَّ مَا يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِهٖ هُوَ الْبَاطِلُ وَاَنَّ
اللّٰهَ هُوَ الْعَلِيُّ الْكَبِيْرُ ﴿٦٢﴾ اَلَمْ تَرَ اَنَّ اللّٰهَ اَنْزَلَ
مِنَ السَّمَاۗءِ مَاۗءً ۡ فَتُصْبِحُ الْاَرْضُ مُخْضَرَّةً ۭ اِنَّ

---

لَيَنْصُرَنَّهُ اللّٰهُ اِنَّ اللّٰهَ لَعَفُوٌّ غَفُوْرٌ ڏوڻِ ٻُو زِوَ اَمهِ پته بيهِ ڪٿهه ڪهِ تم دُشمن نشهِ بدله هيوت ٿهوي يُٿهه تمس تڪليف واتناونه آمُت اوس، توپٽے بيهِ تَس پيٺهه زيادتي ڪرنه آيه الله تعالىٰ ڪرهِ تَس ضُرور مدد ته ياري. پنز پاٿهه الله تعالىٰ ڇهو يقيناً سيٺهاه عُفو ڪره ڏن سيٺهاه مغفرت ڪره ڏن ذٰلِكَ بِاَنَّ اللّٰهَ يُوْلِجُ الَّيْلَ فِي النَّهَارِ وَيُوْلِجُ النَّهَارَ فِي الَّيْلِ وَاَنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌۢ بَصِيْرٌ بيهِ يعني باايمانن غلبه ديُن تمن ياري ته مدد ڪرُن ڇهو اَوے زِه الله تعالىٰ ڇهو ڪمال قُدرت ته وول۔ چنانچه سُو ڇهو راڅ هندين اجزاءَن واتناوان دوهس منز۔ دوهه ڪين اجزاءَن واتناوان راڅ منز يعني ڪمي ته زيادتي ڪران۔ بيهِ ڇهو اَمهِ نصر تڳ سبب ڪه الله تعالىٰ ڇهو سارني هندِ احوال ته اقوال ٻوزه ڏن ته وڇهِ ڏن ذٰلِكَ بِاَنَّ اللّٰهَ هُوَ الْحَقُّ وَاَنَّ مَا يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِهٖ هُوَ الْبَاطِلُ وَاَنَّ اللّٰهَ هُوَ الْعَلِيُّ الْكَبِيْرُ بيهِ ڇهو اَمهِ نُصر تڳ سبب ڪه الله تعالىٰ اي ڇهو بيشڪ خداے برحق۔ پننهِ هستي منز ڪامل۔ سُو ڇهو واجب الوجود، بيهِ تمن معبُودن تمِ لوڪه عبادت ڪران ڇهِ، تم ڇهِ اپز ته باطِل۔ بيهِ ڇهو پنزِ پاٿِ الله تعالىٰ اي سيٺهاه ٿُود ته سيٺهاه ٻوڏ عاليشان۔ اَمهِ علاوه ڇهِ الله تعالىٰ سندِ ڪمالات بيهِ ڇهه تهنز ه بے شُمار نعمژ تمو ڪمالا تو ته نعمتو سبب سُو ڇهو توحيدس ته شُڪرس سزاوار اَلَمْ تَرَ اَنَّ اللّٰهَ اَنْزَلَ مِنَ السَّمَاۗءِ مَاۗءً فَتُصْبِحُ الْاَرْضُ مُخْضَرَّةً ژه ڇهُکهناو ڇهان الله

اللّٰهَ لَطِيْفٌ خَبِيْرٌ ﴿٦٣﴾ لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا
فِي الْاَرْضِ ؕ وَاِنَّ اللّٰهَ لَهُوَ الْغَنِيُّ الْحَمِيْدُ ﴿٦٤﴾ ع
اَلَمْ تَرَ اَنَّ اللّٰهَ سَخَّرَ لَكُمْ مَّا فِي الْاَرْضِ وَالْفُلْكَ تَجْرِيْ
فِي الْبَحْرِ بِاَمْرِهٖ ؕ وَيُمْسِكُ السَّمَآءَ اَنْ تَقَعَ عَلَى الْاَرْضِ
اِلَّا بِاِذْنِهٖ ؕ اِنَّ اللّٰهَ بِالنَّاسِ لَرَءُوْفٌ رَّحِيْمٌ ﴿٦٥﴾ وَهُوَ الَّذِيْٓ
اَحْيَاكُمْ ثُمَّ يُمِيْتُكُمْ ثُمَّ يُحْيِيْكُمْ ؕ اِنَّ الْاِنْسَانَ لَكَفُوْرٌ ﴿٦٦﴾

---

تعالیٰ سنڌ قدرت ڪٿي پاڻ ڇھو سو آسمانکي طرف رود تراوان-سمه سيت زمين ڇھه سپدان تر سبز. اِنَّ اللّٰهَ لَطِيْفٌ خَبِيْرٌ پيڙ پاڻ الله تعالیٰ ڇھو بندن پيڙھ سيٺاه مهربان تس ڇھه بندن هنزن ڪٿهن هنز پور خبر- تهندين ضرورتن هند کافی علم تمن مطابق ڇھوسو تهندِ حاجت پور کران- لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ وَاِنَّ اللّٰهَ لَهُوَ الْغَنِيُّ الْحَمِيْدُ تهندوی ڇھو تہِ سوروی یه آسمانن منز ڇھو، بیه تہِ سوروی بیه زمینن منز ڇھو- بیه ڇھو نه الله تعالیٰ کانسهِ ڳن محتاج سو ڇھو تعریفن تہ حمدن سزاوار. اَلَمْ تَرَ اَنَّ اللّٰهَ سَخَّرَ لَكُمْ مَّا فِي الْاَرْضِ اے مخاطِب ژه ڇهے نا خبر کہ پيڙ پاڻ الله تعالیٰ ان ڇھه لاگمتِ کامهِ تمِ ساری چیز تمِ زمینس منز ڇھهِ تُهندِ ه خيطر ه وَالْفُلْكَ تَجْرِيْ فِي الْبَحْرِ بِاَمْرِهٖ بیه ڇهنه ناوه یمه تهندی حُکمه دریاوس منز پکان ڇھه وَيُمْسِكُ السَّمَآءَ اَنْ تَقَعَ عَلَى الْاَرْضِ اِلَّا بِاِذْنِهٖ بیه ڇھو سُوی آسمانس تهپ کرِ تھ یتهنه تهندِ ه حُکمه ورائے سوز مینس پیڙھ وستھ بیه اِنَّ اللّٰهَ بِالنَّاسِ لَرَءُوْفٌ رَّحِيْمٌ پيڙ پاڻِ الله تعالیٰ ڇھو لوکن پيڙھ سيٺاه شفقتہ وول تہ مهربان وَهُوَ الَّذِيْٓ اَحْيَاكُمْ ثُمَّ يُمِيْتُكُمْ ثُمَّ يُحْيِيْكُمْ اِنَّ الْاِنْسَانَ لَكَفُوْرٌ بیه گوسوسوی قادرِ مُطلق یمِ تُهه پیده کرِ وه- تو پتہ مارِ وه سُوی تو پتہ کرِ وه بیه دُوباره زِنده سُوی- یمن دلیلن تہ نعمژن ڳن نظر کرِ تھ گوژھ لوکن هُند سُو گنوی زانن- تهنزے گژهه شُکر گذاری کرنِ- بیشک اِنسان ڇھو سیٺاه کُفران نعمت کره ون لِكُلِّ اُمَّةٍ جَعَلْنَا مَنْسَكًا هُمْ نَاسِكُوْهُ فَلَا يُنَازِعُنَّكَ فِي الْاَمْرِ وَادْعُ اِلٰى رَبِّكَ ایڙه اُمژ گذرِ یمژه ڇهه پرِ یتھ اُمتہ خيطر ه ڇھو اسهِ

لِكُلِّ اُمَّةٍ جَعَلْنَا مَنْسَكًا هُمْ نَاسِكُوْهُ فَلَا يُنَازِعُنَّكَ فِي
الْاَمْرِ وَادْعُ اِلٰى رَبِّكَ ؕ اِنَّكَ لَعَلٰى هُدًى مُّسْتَقِيْمٍ ﴿٦٧﴾
وَاِنْ جٰدَلُوْكَ فَقُلِ اللّٰهُ اَعْلَمُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ ﴿٦٨﴾ اَللّٰهُ
يَحْكُمُ بَيْنَكُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ فِيْمَا كُنْتُمْ فِيْهِ تَخْتَلِفُوْنَ ﴿٦٩﴾ اَلَمْ
تَعْلَمْ اَنَّ اللّٰهَ يَعْلَمُ مَا فِي السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ ؕ اِنَّ ذٰلِكَ فِيْ كِتٰبٍ ؕ
اِنَّ ذٰلِكَ عَلَى اللّٰهِ يَسِيْرٌ ﴿٧٠﴾ وَيَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ مَا
لَمْ يُنَزِّلْ بِهٖ سُلْطٰنًا وَّمَا لَيْسَ لَهُمْ بِهٖ عِلْمٌ ؕ وَمَا لِلظّٰلِمِيْنَ

---

ذبح کرنَ اکھ طريقاهُ مُقرّر کورُمُت. تہ طريقس پٹھ آسِ تِم ذبح کران تِمِس اوس لازِم اعتراض کرہ
دنين کہ تِم کرہ ہَن نہ کانہہ اعتراض تہ اختلاف ذبحہ کِس مُعاملس اندر. تُہہ رُوزِو بدستُور لوکن پنہ
نِس خدایس کُن نادِوان اِنَّكَ لَعَلٰى هُدًى مُّسْتَقِيْمٍ پٔز پاٹھِ تُہہ چھُوِ یقیناً سیزِ وَتہ پٹھ وَاِنْ جٰدَلُوْكَ
فَقُلِ اللّٰهُ اَعْلَمُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ ییٚہ ہرگاہ اتھ پٹھ تہٕ تِم لوکھ تُہہِ سیتٕ ہرٕ تہٕ قضیہ لاگن تُہہ
فرماوِیُو کھ پنٕنِم کٔتھہ. اللہ تعالیٰ چھُو زیادہ زانان تتھ سارِسی، ییٚہ تُہہ کران چھُوِ. سُوی انزراوِ تُہند نیای.
اَللّٰهُ يَحْكُمُ بَيْنَكُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ فِيْمَا كُنْتُمْ فِيْهِ تَخْتَلِفُوْنَ اللہ تعالیٰ کرِ یانہ تُہہِ منز عملی فیصلہ قیامتک
دوہ تتھ سارِسی منز یتھ منز تُہہ اختلاف کران آسِو اَلَمْ تَعْلَمْ اَنَّ اللّٰهَ يَعْلَمُ مَا فِي السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ ای
مخاطب کیاہ تِہ چھُوی نامعلوم کہ اللہ تعالیٰ چھُو زانان تہٕ سورُوی ییٚہ آسمانن تہٕ زمین منز چھُو باوجود آں
اِنَّ ذٰلِكَ فِيْ كِتٰبٍ اِنَّ ذٰلِكَ عَلَى اللّٰهِ يَسِيْرٌ پٔز پاٹھِ ییٚہ سورُوی چھُو لیکھت تہٕ محفوظ نامہ اعمالَن منز.
لہذا اسپُد ثابت کہ پٔز پاٹھِ ییٚہ فیصلہ کرُن چھُو اللہ تعالیٰ اس نِشہِ سیٹھاہ آسان وَيَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ
مَا لَمْ يُنَزِّلْ بِهٖ سُلْطٰنًا وَّمَا لَيْسَ لَهُمْ بِهٖ عِلْمٌ ییٚہ چھِہ مُشرک لوکھ عبادت کران خدایس ورائے بیٚن
چیزن ہنز تِمن عبادت کرنہ خیطرِ نہ کانہہ دلیلاہ اللہ تعالیٰ ان پنہ نین کتابَن منز نازل کٔرمِژ چھِہ، نہ

مِنْ نَّصِيْرٍ ﴿٧١﴾ وَاِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُنَا بَيِّنٰتٍ تَعْرِفُ فِيْ
وُجُوْهِ الَّذِيْنَ كَفَرُوا الْمُنْكَرَ ؕ يَكَادُوْنَ يَسْطُوْنَ بِالَّذِيْنَ
يَتْلُوْنَ عَلَيْهِمْ اٰيٰتِنَا ؕ قُلْ اَفَاُنَبِّئُكُمْ بِشَرٍّ مِّنْ ذٰلِكُمْ ؕ
اَلنَّارُ ؕ وَعَدَهَا اللّٰهُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا ؕ وَبِئْسَ الْمَصِيْرُ ﴿٧٢﴾ ع
يٰۤاَيُّهَا النَّاسُ ضُرِبَ مَثَلٌ فَاسْتَمِعُوْا لَهٗ ؕ اِنَّ الَّذِيْنَ
تَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ لَنْ يَّخْلُقُوْا ذُبَابًا وَّلَوِ

---

ڇھ تمن ڪافرن نش تج ڪا نہ عقلي دليلاه. بلڪہ ڇھ تم محض بے دليل خدائيں شرڪ انان. قيامتڪ دوه يلہ تمن شرڪس پيٹھ سزا دِنہ اِيہ وَمَا لِلظّٰلِمِيْنَ مِنْ نَّصِيْرٍ تمن ظالمن ھنده خيطره آسرِ نہ ڪانہ مددگاراه. وَاِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُنَا بَيِّنٰتٍ تَعْرِفُ فِيْ وُجُوْهِ الَّذِيْنَ كَفَرُوا الْمُنْكَرَ بيہ يلہ پرنہ يوان ڇھ تمن پيٹھ سانِ آيات، تم صاف تہ روشن ڇھ. ڎ ڇھان ڇھوه تہہ ڪافرن ھندين بتھين پيڇھ آثار. بتھس ڇھکھ گينہ گرڈھان، نس ڇھکھ تھود کھسان، بتھيک رنگ ڇھکھ بدلان، تمو آثارو سيتِ ڇھ معلوم سپدان. يَكَادُوْنَ يَسْطُوْنَ بِالَّذِيْنَ يَتْلُوْنَ عَلَيْهِمْ اٰيٰتِنَا قريب ڇھو تم ماتروان ڇھ تمن پيٹھ تم سانِ آيات تمن پيٹھ پران ڇھ يعني تمن پيٹھ ماکرن حملہ. تيُوت ڇھو تمن ڪافرن خون گرم گرڈھان قُلْ اَفَاُنَبِّئُكُمْ بِشَرٍّ مِّنْ ذٰلِكُمُ النَّارُ تہہ فرماويُو کھ يارسول اللّٰہ يُو ماکروه توہہ خبر تمہ چيزِچ يُس امہ قرآن مجيده خوتہ ناگوار ڇھو تہندہ خيطره، سُو گو نار جهنم وَعَدَهَا اللّٰهُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَبِئْسَ الْمَصِيْرُ تُميک وعده ڇھو اللّٰہ تعالىٰ ان کورمُت ڪافرن. ڪاژاه پيڇھ وانج جاۓ ڇھ سُو جهنم يٰۤاَيُّهَا النَّاسُ ضُرِبَ مَثَلٌ فَاسْتَمِعُوْا لَهٗ اے لوکو اکھ عجيب مِثالاه ڇھ بيان کرنہ آمژ سوی بُوز توہہ وارہ گن دارِتھ اِنَّ الَّذِيْنَ تَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ لَنْ يَّخْلُقُوْا ذُبَابًا وَّلَوِ اجْتَمَعُوْا لَهٗ پزِ پاٹھ يمن معبودانِ باطلن تہہ پرستش ڪران ڇھوِه، يمن نشہِ حاجت روائى ژھانڈان ڇھوِه خدائيں، معبود برحقس ورائے. تم ہيکن نہ پيده کرِتھ اکھ مچھِ تہِ. اَدے تمہِ خيطره ساری معبود اِکہ وَٹہ سمَن تہِ اچ کياه ڇھ گژھي وَاِنْ

اجْتَمَعُوا لَهُ ۖ وَإِنْ يَسْلُبْهُمُ الذُّبَابُ شَيْئًا لَا يَسْتَنْقِذُوهُ
مِنْهُ ۚ ضَعُفَ الطَّالِبُ وَالْمَطْلُوبُ ﴿٧٣﴾ مَا قَدَرُوا اللَّهَ
حَقَّ قَدْرِهِ ۗ إِنَّ اللَّهَ لَقَوِيٌّ عَزِيزٌ ﴿٧٤﴾ اللَّهُ يَصْطَفِي مِنَ
الْمَلَائِكَةِ رُسُلًا وَمِنَ النَّاسِ ۚ إِنَّ اللَّهَ سَمِيعٌ بَصِيرٌ ﴿٧٥﴾
يَعْلَمُ مَا بَيْنَ أَيْدِيهِمْ وَمَا خَلْفَهُمْ ۗ وَإِلَى اللَّهِ تُرْجَعُ
الْأُمُورُ ﴿٧٦﴾ يَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا ارْكَعُوا وَاسْجُدُوا

---

يَسْلُبْهُمُ الذُّبَابُ شَيْئًا هر گاهه مکڙ هيءَ ٽُلهه کانهن ڪا چيز اٿلي کڻي لَا يَسْتَنْقِذُوهُ مِنْهُ سُو چيز هيڪن نه ٽس نشهه تِم موکلاوِ تهه واپس هيٿه۔ ضَعُفَ الطَّالِبُ وَالْمَطْلُوبُ ڏهانڏه ڏِن ته ڪمزور ے، ڀيس نشهه ڏهانڏان سُو ته ڪمزور۔ يعني مکڙ ته ڪمزور تهنده خو ته زياده ڪمزور پو ٽُل۔ تهنده خو ته ڪمزور ٽيس ٽس پو ٽکس پرستش ڪره مَا قَدَرُوا اللَّهَ حَقَّ قَدْرِهِ تمولوکو ڪور نه خدايه سُند تعظيم ٽُٿه ٽس شو به ها۔ ڪيازه تمو ٿهاوِ ٽس عباد ٽُس اندر بے چيز شريڪ حالانکه إِنَّ اللَّهَ لَقَوِيٌّ عَزِيزٌ بيشڪ الله تعاليٰ چهُو سيٽهاه قوته ڏول، سارني پيٿه غالِب، تمسُند قوته وول ته غالب آسنه موکه چهُو عبادت تهند حق۔ يه اُوسنه حق ڪمزور چيز ڪ ٽُس نه چهُو پوره اللَّهُ يَصْطَفِي مِنَ الْمَلَائِكَةِ رُسُلًا وَمِنَ النَّاسِ الله تعاليٰ اس چهُو اختيار ڪه رسالته خيطره ٽيس سُو منتخب ڪرِه ته ڙارِه ملائڪو اندره يالوکو اندره ملائڪو اندره چهِه ڙاران پنِ احڪام حضراتِ انبياءَن نشهِ واتنه خيطره لوکو اندره چهُو ڙاران حضراتِ انبياءَن ٽُٿه تهندِه ذريعه پنِ احڪام واتاوِه لوکن نشهِ إِنَّ اللَّهَ سَمِيعٌ بَصِيرٌ پزپاٿِ الله تعاليٰ چهُو سورُوي بوزه ڏِن سورُوي ڏِچهِه ڏِن يَعْلَمُ مَا بَيْنَ أَيْدِيهِمْ وَمَا خَلْفَهُمْ سُو چهُو لوڪن هند ساري حالات بروٺهم ته ته پتم ته پڙر زانان وَإِلَى اللَّهِ تُرْجَعُ الْأُمُورُ هيه چهُو الله تعاليٰ سي پيٿه سارني ڪامين هُند وارُومدار يَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا ارْكَعُوا وَاسْجُدُوا وَاعْبُدُوا رَبَّكُمْ وَافْعَلُوا الْخَيْرَ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُونَ اے باايمانو اصولِ اِسلام قبول ڪرٿهِ ڪرو ٽُهه فروعات اسلامن هنز ته پابندي، خصوصاً نماز۔ نمازِه منز آسِهو رڪوع ڪران سجد،

وَاعْبُدُوْا رَبَّكُمْ وَافْعَلُوا الْخَيْرَ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ ﴿٧٧﴾ ۩
وَجَاهِدُوْا فِي اللّٰهِ حَقَّ جِهَادِهٖ ۭ هُوَ اجْتَبٰىكُمْ وَمَا
جَعَلَ عَلَيْكُمْ فِي الدِّيْنِ مِنْ حَرَجٍ ۭ مِلَّةَ اَبِيْكُمْ
اِبْرٰهِيْمَ ۭ هُوَ سَمّٰىكُمُ الْمُسْلِمِيْنَ ڏ مِنْ قَبْلُ وَفِيْ هٰذَا
لِيَكُوْنَ الرَّسُوْلُ شَهِيْدًا عَلَيْكُمْ وَتَكُوْنُوْا شُهَدَاۗءَ عَلَي
النَّاسِ ښ فَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ وَاعْتَصِمُوْا
بِاللّٰهِ ۭ هُوَ مَوْلٰىكُمْ ۚ فَنِعْمَ الْمَوْلٰى وَنِعْمَ النَّصِيْرُ ﴿٧٨﴾ ع

---

دِوان، بيهِ آسو پنهنجي پروردگاره سنڌ عبادت كران، بيهِ آسوره كاميه كران يتھ تهه كامياب سپڙه تمن كامين منزمه آسو سُستي كران وَجَاهِدُوْا فِي اللّٰهِ حَقَّ جِهَادِهٖ بيهِ آسو خدايه سنزن كامين اندر كوشش كران يڙه كوشش كرنِ شوُبه هُوَ اجْتَبٰىكُمْ وَمَا جَعَلَ عَلَيْكُمْ فِي الدِّيْنِ مِنْ حَرَجٍ تمي كروه تهه بيو اُمتوأندره ممتاز، تهه كرنوه برگزيده، بيهِ كرنه تمهِ تهنده خيطره دينس منز كانهه سختياه مِلَّةَ اَبِيْكُمْ اِبْرٰهِيْمَ تهه رُوزِو پنهنس مالس ابراهيم عليه السلامه سندِس ملتس پيٹھ قائمِ ته مضبوط هُوَ سَمّٰىكُمُ الْمُسْلِمِيْنَ تمي خدائن چھُو وه توههِ ناو تھوومُت مسلمان مِنْ قَبْلُ وَفِيْ هٰذَا برو نتھين كتابن اندر تِه يتھ قرآن مجيدس اندر تِه لِيَكُوْنَ الرَّسُوْلُ شَهِيْدًا عَلَيْكُمْ وَتَكُوْنُوْا شُهَدَاۗءَ عَلَي النَّاسِ يتھ آسن حضرتِ رسول كريم صلى الله عليه وسلم قيامتك دوه تهندِ گواه، تهه آسو گواه بين لوكن هندِ يعني برونتھين اُمتن پيٹھ فَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ وَاعْتَصِمُوْا بِاللّٰهِ اتھ خصوصيتس كُن نظر تھاوِ تھ كرِو نمازِه هنز پابندي كيازِه سوچھه افضل عباداتِ بدنيه، بيهِ كرِو اداز كوٰة۔ كيازِه سوچھه افضل عبادات ماليه۔ بيهِ كرِو باقي احكامن پيٹھ عمل زوره تھپ كرِ تھ معبودِ برحقس۔ امهِ عزته كه شُكرانه خيطره۔ هُوَ مَوْلٰىكُمْ سُوي چھُو تهنده آغه، مددگار ته كارساز فَنِعْمَ الْمَوْلٰى وَنِعْمَ النَّصِيْرُ پس كياه رُت كار ساز ته كياه رُت مددگار چھُو سُو تهندِه خيطره




بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ ○

قَدْ اَفْلَحَ الْمُؤْمِنُوْنَ ۱ الَّذِیْنَ هُمْ فِیْ صَلَاتِهِمْ
خٰشِعُوْنَ ۲ وَالَّذِیْنَ هُمْ عَنِ اللَّغْوِ مُعْرِضُوْنَ ۳ وَالَّذِیْنَ
هُمْ لِلزَّكٰوةِ فٰعِلُوْنَ ۴ وَالَّذِیْنَ هُمْ لِفُرُوْجِهِمْ حٰفِظُوْنَ ۵ اِلَّا
عَلٰۤى اَزْوَاجِهِمْ اَوْ مَا مَلَكَتْ اَیْمَانُهُمْ فَاِنَّهُمْ غَیْرُ مَلُوْمِیْنَ ۶ فَمَنِ
ابْتَغٰى وَرَآءَ ذٰلِكَ فَاُولٰٓىِٕكَ هُمُ الْعٰدُوْنَ ۷ وَالَّذِیْنَ هُمْ

---

**قَدْ اَفْلَحَ الْمُؤْمِنُوْنَ** پزٕپاٹھ کامیاب سپد آخرتس اندر تِم باایمان یِمن اعتقاد صحیح آستھ تِم صِفت تہٕ آسن **الَّذِیْنَ هُمْ فِیْ صَلَاتِهِمْ خٰشِعُوْنَ** تِمہٕ باایمان یِم پنٕنین نمازن اندر، فرضن تہٕ نفلن اندر دِل حاضِر تھوان چھہٕ، خشوع و خضوع سان نماز پران چھہٕ **وَالَّذِیْنَ هُمْ عَنِ اللَّغْوِ مُعْرِضُوْنَ** بیٚیہِ یِم بےہُودہ کتھو تہٕ کامیو نشہِ بییس طرفس کُن بُتھ پھِرِتھ ڈُور روزان چھہٕ **وَالَّذِیْنَ هُمْ لِلزَّكٰوةِ فٰعِلُوْنَ** بیٚیہِ یِم اعمالن، اخلاقن تہٕ اموالن پاک کران چھہٕ **وَالَّذِیْنَ هُمْ لِفُرُوْجِهِمْ حٰفِظُوْنَ** بیٚیہ یِم سترہ چِن جاین حرامہ نشہ راچھ کران **اِلَّا عَلٰۤى اَزْوَاجِهِمْ اَوْ مَا مَلَكَتْ اَیْمَانُهُمْ** مگر پنٕنین حلال منکوحہ زنانن یا تِمن کینزن یِہند یِم جانہِ مالِک آسن تِمن نشہِ حفاظت کرہ ونِ آسن نہ **فَاِنَّهُمْ غَیْرُ مَلُوْمِیْنَ** پس بیشک تِمن سیت ہمبستری کرنس پھُونہ کانہہ الزام بشرطیکہ تِمہٕ زنانہ تہٕ کینزہ آسن حیضہ تہٕ نفاسہ نشہِ خالی بیٚیہ آسن نہ فرضِ روزہ داری یا حجہٕ کِس احرامس اندر مشغول بیٚیہ لیہ نہ مخصوص جایہِ ورای بیاکھ جای استعمال کرنہ **فَمَنِ ابْتَغٰى وَرَآءَ ذٰلِكَ فَاُولٰٓىِٕكَ هُمُ الْعٰدُوْنَ** پس یُس اکھاہ امہِ ورائے بیٚیہ کانہہ جائے پنٕنِ شہوت پُورہ کرنہ خیطرہ ژھانڈہ، تُس چھہٕ تِم حدہ نشہِ ڈلہ ونِ

لِاَمٰنٰتِهِمْ وَعَهْدِهِمْ رٰعُوْنَ ﴿٨﴾ وَالَّذِيْنَ هُمْ عَلٰى صَلَوٰتِهِمْ يُحَافِظُوْنَ ﴿٩﴾
اُولٰٓئِكَ هُمُ الْوٰرِثُوْنَ ﴿١٠﴾ الَّذِيْنَ يَرِثُوْنَ الْفِرْدَوْسَ ؕ هُمْ فِيْهَا
خٰلِدُوْنَ ﴿١١﴾ وَلَقَدْ خَلَقْنَا الْاِنْسَانَ مِنْ سُلٰلَةٍ مِّنْ طِيْنٍ ﴿١٢﴾ ج
ثُمَّ جَعَلْنٰهُ نُطْفَةً فِيْ قَرَارٍ مَّكِيْنٍ ﴿١٣﴾ ثُمَّ خَلَقْنَا النُّطْفَةَ عَلَقَةً
فَخَلَقْنَا الْعَلَقَةَ مُضْغَةً فَخَلَقْنَا الْمُضْغَةَ عِظٰمًا فَكَسَوْنَا الْعِظٰمَ
لَحْمًا ۗ ثُمَّ اَنْشَاْنٰهُ خَلْقًا اٰخَرَ ؕ فَتَبٰرَكَ اللّٰهُ اَحْسَنُ الْخٰلِقِيْنَ ﴿١٤﴾ ؕ

---

وَالَّذِيْنَ هُمْ لِاَمٰنٰتِهِمْ وَعَهْدِهِمْ رٰعُوْنَ بيا تم پڻ نيڻ امانتن ۽ عهدن هنڌ رعايت ڪرڻ وارا آهن وَالَّذِيْنَ هُمْ عَلٰى صَلَوٰتِهِمْ يُحَافِظُوْنَ بيا تم پڻ نيڻ نمازن ڀلي ڀت ڪرڻ وارا آهن يعني وقت پابندي ڪرڻ وارا آهن۔ اُولٰٓئِكَ هُمُ الْوٰرِثُوْنَ * الَّذِيْنَ يَرِثُوْنَ الْفِرْدَوْسَ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ تمن باايمان منز تم شه ٦ صفت آسن تمي ڇهه وارث سپدهِ وِن، تم جنت الفردوسڪ وارث ٻنن تمي روزن تته منز هميشه وَلَقَدْ خَلَقْنَا الْاِنْسَانَ مِنْ سُلٰلَةٍ مِّنْ طِيْنٍ بيا ڪوراسه پيز پاٺ انسان ميٽه هنڌس خلاصس يعني غذاءس پيده (گوڏهه ڇهه آسان ميٽ تو پته ڇهو تته غذاءس سو ماده بنان يته انسان بنان ڇهو ثُمَّ جَعَلْنٰهُ نُطْفَةً فِيْ قَرَارٍ مَّكِيْنٍ تو پته بنوواسه سو تته نطفس يس اڪس معين مدتس تان اڪس محفوظ مقامس يعني رحمس منز روزان ڇهو ثُمَّ خَلَقْنَا النُّطْفَةَ عَلَقَةً تو پته بنوواسه تته نطفس موٺ خون فَخَلَقْنَا الْعَلَقَةَ مُضْغَةً تو پته بنوواسه تته موٺس خونس ماز ڦهولاه فَخَلَقْنَا الْمُضْغَةَ عِظٰمًا پس بناوِ اسه تته ماز ڦهلس منز اڏجه فَكَسَوْنَا الْعِظٰمَ لَحْمًا تو پته وول اسه تمن اڏجن سو ماز ثُمَّ اَنْشَاْنٰهُ خَلْقًا اٰخَرَ تو پته تته منز روح واته ناو تهه بنوواسه بياکهي مخلوقاه يس برو ٿهميو حالا تو نشه بدلے اوس فَتَبٰرَكَ اللّٰهُ اَحْسَنُ الْخٰلِقِيْنَ پس ڪيٿه بوڏشان ڇهو الله تعالیٰ سندس سارِني ڪاريگرن کهست ڇهو ثُمَّ اِنَّكُمْ بَعْدَ ذٰلِكَ لَمَيِّتُوْنَ تو پته ڇهوِه تهه امه پته ضرور مرهوِن ثُمَّ اِنَّكُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ تُبْعَثُوْنَ تو پته ايوتهه لوکه ضرور

ثُمَّ اِنَّكُمْ بَعْدَ ذٰلِكَ لَمَيِّتُوْنَ ۝۱۵ ثُمَّ اِنَّكُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ تُبْعَثُوْنَ ۝۱۶
وَلَقَدْ خَلَقْنَا فَوْقَكُمْ سَبْعَ طَرَآئِقَ ۖ وَمَا كُنَّا عَنِ الْخَلْقِ غٰفِلِيْنَ ۝۱۷
وَاَنْزَلْنَا مِنَ السَّمَآءِ مَآءًۢ بِقَدَرٍ فَاَسْكَنّٰهُ فِي الْاَرْضِ ۖ وَاِنَّا عَلٰى
ذَهَابٍۢ بِهٖ لَقٰدِرُوْنَ ۝۱۸ فَاَنْشَاْنَا لَكُمْ بِهٖ جَنّٰتٍ مِّنْ نَّخِيْلٍ وَّ
اَعْنَابٍ ۘ لَكُمْ فِيْهَا فَوَاكِهُ كَثِيْرَةٌ وَّمِنْهَا تَاْكُلُوْنَ ۝۱۹ وَشَجَرَةً
تَخْرُجُ مِنْ طُوْرِ سَيْنَآءَ تَنْۢبُتُ بِالدُّهْنِ وَصِبْغٍ لِّلْاٰكِلِيْنَ ۝۲۰

---

قيامت ڏينهن قبرن منجهان ٽُلت زِندہ ڪرڻ **وَلَقَدْ خَلَقْنَا فَوْقَكُمْ سَبْعَ طَرَآئِقَ** بيشڪ بيهِ ڪرِ پيدہ اسهِ توهہ پيٺهہ رَن سٽهہ آسمان، تمن منز ملائڪن هنڌہ اورہ پُور پڪنہ خيطرہ وَتہ ڇهہ **وَمَا كُنَّا عَنِ الْخَلْقِ غٰفِلِيْنَ** بيهِ ڇهنهِ اَسِ پتہ نيو مخلوقو هنديو مصلحتو نشهِ بے خبر **وَاَنْزَلْنَا مِنَ السَّمَآءِ مَآءًۢ بِقَدَرٍ فَاَسْكَنّٰهُ فِي الْاَرْضِ** بيهِ ڪورنازِل اَسهِ تهنڊہ بقاء ڪہ مڪمل ڪرنہ خيطرہ آسمانڪہ طرفہ رُوداہ اڪہ اندازہ مُوجب، توپتہ ٺهرووسُو زمينس منز **وَاِنَّا عَلٰى ذَهَابٍۢ بِهٖ لَقٰدِرُوْنَ** بيهِ ڇهِ اَسی تمهِ آبہ ڪس وا پس نِنس پيٺهہ پُور قدرتہ والِ **فَاَنْشَاْنَا لَكُمْ بِهٖ جَنّٰتٍ مِّنْ نَّخِيْلٍ وَّاَعْنَابٍ لَكُمْ فِيْهَا فَوَاكِهُ كَثِيْرَةٌ وَّمِنْهَا تَاْكُلُوْنَ** توپتہ بناو اَسهِ تُهندہ خيطرہ امهِ رُودہ سيتِ خضر گُلين تہ دَڇهِ اندرواریاہ ميوہ يم تُهہ تازہ تازہ کھيوان ڇهوہ تموی منزہ ڇهوِ اَڈ ميوہ هوکھ ناوان۔ سُو ڇهوہ تُهہ غذا بدلہ کھيوان **وَشَجَرَةً تَخْرُجُ مِنْ طُوْرِ سَيْنَآءَ تَنْۢبُتُ بِالدُّهْنِ وَصِبْغٍ لِّلْاٰكِلِيْنَ** بيهِ ڪور اَسهِ امی آبہ سيت بياکھ گُلاہ پيدہ يُس نيران ڇهُو ڪوہِ طورہ منزہ (يعنی درختِ زيتون) سُو ڇهُو زيِنہ منزہ ڪهسان تيل هيتھ۔ بيهِ کھينہ والين هنڌہ خطيرہ سُٽن هيتھ۔ يعنی تمڪهِ پهلہ منزہ ڇهِ دوٚ شوے مطلب نيران۔ ژانگس تہِ ڇهُو تمُيک تيل وزان مالش ڪرنس تہِ ڇهُو سُو لگان، بيهِ ڇهُوسِنهِ بدلہ ژوچهِ سيتِ تہِ کھينہ يوان۔ ژوٹ يوان تهہ منزکڑِ تهہ کھينہ **وَاِنَّ لَكُمْ فِي الْاَنْعَامِ لَعِبْرَةً** بيهِ ڇهِ تهندہ خيطرہ چاروايِن اندر، يعنی دوٚنٹن، گُپن تہ تيرن اندر غور ڪرنک موقع **نُسْقِيْكُمْ مِّمَّا فِيْ بُطُوْنِهَا** اَسِ ڇهِ دِوان توهہِ چنہ خيطرہ سُو چيز يُس تهند يو شڪمو اَندرہ ڇهُو نيران يعنے دوٚدھ **وَلَكُمْ فِيْهَا**

وَإِنَّ لَكُمْ فِي الْأَنْعَامِ لَعِبْرَةً ۖ نُّسْقِيكُم مِّمَّا فِي بُطُونِهَا وَلَكُمْ فِيهَا
مَنَافِعُ كَثِيرَةٌ وَمِنْهَا تَأْكُلُونَ ﴿٢١﴾ وَعَلَيْهَا وَعَلَى الْفُلْكِ تُحْمَلُونَ ﴿٢٢﴾
وَلَقَدْ أَرْسَلْنَا نُوحًا إِلَىٰ قَوْمِهِ فَقَالَ يَا قَوْمِ اعْبُدُوا اللَّهَ مَا لَكُم
مِّنْ إِلَٰهٍ غَيْرُهُ ۖ أَفَلَا تَتَّقُونَ ﴿٢٣﴾ فَقَالَ الْمَلَأُ الَّذِينَ كَفَرُوا مِن
قَوْمِهِ مَا هَٰذَا إِلَّا بَشَرٌ مِّثْلُكُمْ يُرِيدُ أَن يَتَفَضَّلَ عَلَيْكُمْ وَلَوْ شَاءَ
اللَّهُ لَأَنزَلَ مَلَائِكَةً مَّا سَمِعْنَا بِهَٰذَا فِي آبَائِنَا الْأَوَّلِينَ ﴿٢٤﴾ إِنْ هُوَ

---

مَنَافِعُ كَثِيرَةٌ وَمِنْهَا تَأْكُلُونَ بيہ چھہ تہندہ خیطرہ تمن چارپاءن اندر واریاہ فائدہ۔ تہنز موں، بیر تہ وال چھوہ تہہ استعمال کران، بیہ چھوہ تہند ماز کھیوان۔ وَعَلَيْهَا وَعَلَى الْفُلْكِ تُحْمَلُونَ بیہ چھوہ اکھ تمن چارپاءن پیٹھ بیہ ناون تہ جہازن پیٹھ سوار یوان کرنہ توہہ۔ وَلَقَدْ أَرْسَلْنَا نُوحًا إِلَىٰ قَوْمِهِ فَقَالَ يَا قَوْمِ اعْبُدُوا اللَّهَ مَا لَكُم مِّنْ إِلَٰهٍ غَيْرُهُ ۖ أَفَلَا تَتَّقُونَ پزپاٹھ، بیہ سوزاسہ نوح علیہ السلام پنہ نس قومس کن پیغمبر۔ پس فرموو تمو پنہ نس قومس، ای میانہ قومہ عبادت کرو معبود برحقہ سنزی پاٹھ۔ تس ورای چھونہ معبود برحق آسنس لایق تہ سزاور کنہی۔ کیاہ تہہ چھوہ نا تس ورای بیاکھ معبود بناوتس اندر کھوژانی فَقَالَ الْمَلَأُ الَّذِينَ كَفَرُوا مِن قَوْمِهِ مَا هَٰذَا إِلَّا بَشَرٌ مِّثْلُكُمْ نوح علیہ السلام سنز یہ کتھ بوز تھ دوپ تہندہ قومہ منزہ زٹھیو کافرو عام لوکن کن کہ یہ شخص چھونہ مگر توہی ہیو اکھ انساناہ، یہ پیغمبر یا بزرگ شخصاہ چھونہ يُرِيدُ أَن يَتَفَضَّلَ عَلَيْكُمْ یہ چھو یژھان توہہ پیٹھ فضیلت حاصل کرن، تہند زیٹھ بنن وَلَوْ شَاءَ اللَّهُ لَأَنزَلَ مَلَائِكَةً ہرگاہ اللہ تعالیٰ یژھہ ہا پیغمبر سوزن تلہ سوزہ ہا سو کانسہ ملکس مَّا سَمِعْنَا بِهَٰذَا فِي آبَائِنَا الْأَوَّلِينَ اسہ چھنہ یمہ کتھ بوز مژے برونٹھمین مالین بڈین نشہ إِنْ هُوَ إِلَّا رَجُلٌ بِهِ جِنَّةٌ یہ چھونہ مگر خوشحت لد انساناہ اکھ۔ تمی چھو دنیاء کین لوکن خلاف کتھ کران فَتَرَبَّصُوا بِهِ حَتَّىٰ حِينٍ پس پارو تہہ امس اکس وقتس تام۔ وچھو امسند حال کیاہ آسہ۔ اکہ نتہ اکہ دوہہ مرہ یہ۔ قصہ گژھہ ختم قَالَ رَبِّ انصُرْنِي بِمَا كَذَّبُونِ حضرت نوحن کور دعا ای میانہ پروردگارہ

إِلَّا رَجُلٌ بِهِ جِنَّةٌ فَتَرَبَّصُوا بِهِ حَتَّىٰ حِينٍ ۝٢٥ قَالَ رَبِّ انصُرْنِي
بِمَا كَذَّبُونِ ۝٢٦ فَأَوْحَيْنَا إِلَيْهِ أَنِ اصْنَعِ الْفُلْكَ بِأَعْيُنِنَا وَ
وَحْيِنَا فَإِذَا جَاءَ أَمْرُنَا وَفَارَ التَّنُّورُ فَاسْلُكْ فِيهَا مِن كُلٍّ
زَوْجَيْنِ اثْنَيْنِ وَأَهْلَكَ إِلَّا مَن سَبَقَ عَلَيْهِ الْقَوْلُ
مِنْهُمْ وَلَا تُخَاطِبْنِي فِي الَّذِينَ ظَلَمُوا إِنَّهُم مُّغْرَقُونَ ۝٢٧
فَإِذَا اسْتَوَيْتَ أَنتَ وَمَن مَّعَكَ عَلَى الْفُلْكِ فَقُلِ الْحَمْدُ لِلَّهِ
الَّذِي نَجَّانَا مِنَ الْقَوْمِ الظَّالِمِينَ ۝٢٨ وَقُل رَّبِّ أَنزِلْنِي مُنزَلًا مُّبَارَكًا

---

مہ کریاری، کیازِ یموزونُس بواپزُور۔ تمن نشہِ ہیہ زہ امیک بدلہ۔ اسہِ کور تہُند دعا قبول فَأَوْحَيْنَا إِلَيْهِ
أَنِ اصْنَعِ الْفُلْكَ بِأَعْيُنِنَا وَوَحْيِنَا پَس سوزا سہِ تمن گن وحی زہ تُہہ بناوِ واکھ ناواہ اسہِ برونٹھ کنہ بیہ
سانیو ہدایتو موجب۔ ووَنِ ییہ اکھ طوفاناہ، تُہہ تہ باایمان روزِ زوتمی ناوِ ہندہ ذریعہ محفوظ فَإِذَا جَاءَ أَمْرُنَا
وَفَارَ التَّنُّورُ پَس یلہِ سُون حُکم عذابک جاری سپدِ ہ تنورہ منزہ ییہِ آب نیرن فَاسْلُكْ فِيهَا مِن كُلٍّ
زَوْجَيْنِ اثْنَيْنِ وَأَهْلَكَ پَس والِیوکھ ناوِ ہ منز پرِیتھ قسمہ کیو جانورو منزہ یم انسانس کار آمد چھِ
آسان، اکھ اکھ نر تہ اکھ اکھ مادہ یعنی زیٚز جانور، بیہ پنُن عیال إِلَّا مَن سَبَقَ عَلَيْهِ الْقَوْلُ مِنْهُمْ
مگر نہ عیالہ منزہ تم یمن ہندِ ہ حقہ غرق سپدنک حُکم برونٹھی چھُو کرنہ آمُت یعنی یم کافر آسن وَلَا
تُخَاطِبْنِي فِي الَّذِينَ ظَلَمُوا إِنَّهُم مُّغْرَقُونَ یہِ گژھ بوزِ ووارہ کہِ مہِ اَرزِ نہ روبیٚ تمن شخصن ہندِ ہ حقہ
کانہہ کتھ یمو ظلم کور یعنی کفر و شرکس پیٹھ رُودِ کیازہ تمن چھُو ضرور پھٹُن فَإِذَا اسْتَوَيْتَ أَنتَ وَمَن
مَّعَكَ عَلَى الْفُلْكِ پَس یلہِ وارہ بہوِ تُہہ بیہ یم توہہِ سیتِ چھِ اتھ ناوِ ہ منز فَقُلِ الْحَمْدُ لِلَّهِ الَّذِي نَجَّانَا
مِنَ الْقَوْمِ الظَّالِمِينَ پَس دپزِ ہ تمہِ ساتہ حمد بُوینِ تَس معبود برحقس یمِ اسہِ نجات دیُت ظالم لوکن
ہنزو کامیو نشہِ بیہ تہندِ ہ عذابہ نشہِ وَقُل رَّبِّ أَنزِلْنِي مُنزَلًا مُّبَارَكًا وَأَنتَ خَيْرُ الْمُنزِلِينَ بیہ پرزِ یمہِ ساتہ یہ

وَّاَنْتَ خَيْرُ الْمُنْزِلِيْنَ ﴿٢٩﴾ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ وَّاِنْ كُنَّا لَمُبْتَلِيْنَ ﴿٣٠﴾
ثُمَّ اَنْشَاْنَا مِنْۢ بَعْدِهِمْ قَرْنًا اٰخَرِيْنَ ﴿٣١﴾ فَاَرْسَلْنَا فِيْهِمْ رَسُوْلًا
مِّنْهُمْ اَنِ اعْبُدُوا اللّٰهَ مَا لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرُهٗ ؕ اَفَلَا تَتَّقُوْنَ ﴿٣٢﴾ وَقَالَ
الْمَلَاُ مِنْ قَوْمِهِ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَكَذَّبُوْا بِلِقَآءِ الْاٰخِرَةِ وَاَتْرَفْنٰهُمْ
فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ۙ مَا هٰذَآ اِلَّا بَشَرٌ مِّثْلُكُمْ ۙ يَاْكُلُ مِمَّا تَاْكُلُوْنَ مِنْهُ
وَيَشْرَبُ مِمَّا تَشْرَبُوْنَ ﴿٣٣﴾ وَلَئِنْ اَطَعْتُمْ بَشَرًا مِّثْلَكُمْ ۙ اِنَّكُمْ اِذًا

---

سيلاب ته ٻُپ ٿمُن هيه ته وسُن هيه، اي ميانه پروردگاره مه وال ڙه برکته سان گُنه بابرکت جايه پيٺھ. ڙي ڇھو کھ تمو سارِوي اَندره بھتريم پنه نين مھمانن گنه جايه عز ته سان ٺھراوان ڇھه اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ وَّاِنْ كُنَّا لَمُبْتَلِيْنَ سپز ياٺ يته واقعس منز ڇھه سانه قُدرتک بڑ بڑ نشانه عقليه والين هنده خيطره. بيشک اَسِ آسِ لوکن تمو نشانو سيت آزمائش کره ون. ثُمَّ اَنْشَاْنَا مِنْۢ بَعْدِهِمْ قَرْنًا اٰخَرِيْنَ تو پته کور پيده اَسه تمن پته بياکھ قوماه، تمِ گے قوم عاد يا ثمود فَاَرْسَلْنَا فِيْهِمْ رَسُوْلًا مِّنْهُمْ پس سوزاسه تمن منز ته پيغمبراه تموي منزه يعني هُود عليه السلام يا صالح عليه السلام اَنِ اعْبُدُوا اللّٰهَ مَا لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرُهٗ اَفَلَا تَتَّقُوْنَ تمِ پيغمبرن فرموو تمن يوہے پيغام کہ عبادت ته بندگي کرِو معبود برحقه سنزي. تس وراي ڇھو نه توهه کنهي معبود. کياه تهه ڇھوِ نا تس شريک انه نس کھوژاني وَقَالَ الْمَلَاُ مِنْ قَوْمِهِ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَكَذَّبُوْا بِلِقَآءِ الْاٰخِرَةِ اُمس پيغمبره سنزيه کتھ بُوزِتھ دوپ تهندِه قومه کيوز ٺھيو، تمو اِنکار کور خدايس، بيه آسِ اپُز زانان آخرته کس ملاقاتس خدايس برونٺھ کُن واتنس وَاَتْرَفْنٰهُمْ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا بيه تمن اَسه اوس آرام و آسائش دِژ مژ دنيا چه زندگي اندر تمے لگ پانه وان دپنه مَا هٰذَآ اِلَّا بَشَرٌ مِّثْلُكُمْ يه پيغمبر يعني حضرتِ هُود ڇھو نه مگر توهي هيوا کھ انساناه يَاْكُلُ مِمَّا تَاْكُلُوْنَ مِنْهُ وَيَشْرَبُ مِمَّا تَشْرَبُوْنَ کھيوان ڇھوِ تمي قسمه غذايه تهه کھيوان ڇھوِ بيه ڇھوِ چوان تمي منزه يه تهه چوان ڇھوِ. وَلَئِنْ اَطَعْتُمْ بَشَرًا مِّثْلَكُمْ اِنَّكُمْ اِذًا لَّخٰسِرُوْنَ هرگاه توهه پيروي کروه پانس هِوس انسانس اَکسِز تله ڇھوِ تهه نقصان زدو اَندره بے

تَخۡسِرُوۡنَ ﴿٣٤﴾ اَيَعِدُكُمۡ اَنَّكُمۡ اِذَا مِتُّمۡ وَكُنۡتُمۡ تُرَابًا وَّعِظَامًا اَنَّكُمۡ
مُّخۡرَجُوۡنَ ﴿٣٥﴾ هَيۡهَاتَ هَيۡهَاتَ لِمَا تُوۡعَدُوۡنَ ﴿٣٦﴾ اِنۡ هِيَ اِلَّا
حَيَاتُنَا الدُّنۡيَا نَمُوۡتُ وَنَحۡيَا وَمَا نَحۡنُ بِمَبۡعُوۡثِيۡنَ ﴿٣٧﴾ اِنۡ هُوَ
اِلَّا رَجُلُ ِۨافۡتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا وَّمَا نَحۡنُ لَهٗ بِمُؤۡمِنِيۡنَ ﴿٣٨﴾ قَالَ
رَبِّ انۡصُرۡنِىۡ بِمَا كَذَّبُوۡنِ ﴿٣٩﴾ قَالَ عَمَّا قَلِيۡلٍ لَّيُصۡبِحُنَّ نٰدِمِيۡنَ ﴿٤٠﴾
فَاَخَذَتۡهُمُ الصَّيۡحَةُ بِالۡحَقِّ فَجَعَلۡنٰهُمۡ غُثَآءً ۚ فَبُعۡدًا لِّلۡقَوۡمِ
الظّٰلِمِيۡنَ ﴿٤١﴾ ثُمَّ اَنۡشَاۡنَا مِنۡۢ بَعۡدِهِمۡ قُرُوۡنًا اٰخَرِيۡنَ ﴿٤٢﴾

---

عقل تہ بےوقوف اَيَعِدُكُمۡ اَنَّكُمۡ اِذَا مِتُّمۡ وَكُنۡتُمۡ تُرَابًا وَّعِظَامًا اَنَّكُمۡ مُّخۡرَجُوۡنَ کیاہِ يہوي ڇھوہ توہہ وعدہ ڏِوان کہ جِڏِهن تہہ مرِ وڃو پتہ سِپڌ واڏِجهہ تہ پتہ اِيو تہہ زِندہ کرت قبر منزہ بيہ کڏنہ هَيۡهَاتَ هَيۡهَاتَ لِمَا تُوۡعَدُوۡنَ تہم وعدہ تہم توهہ سيت کرنہ يوِان ڇهہ، تہم ڇهہ عقلہ نشہ سيٹھاہ دُور، سيٹھاہ دور اِنۡ هِيَ اِلَّا حَيَاتُنَا الدُّنۡيَا يہ زندگی ڇھنہ مگر يہے دُنياءِ چ سانِ زندگی نَمُوۡتُ وَنَحۡيَا وَمَا نَحۡنُ بِمَبۡعُوۡثِيۡنَ مران ڇهہ اَسِ بيہ زِندہ ڇهہ روزان اَسِ يتھ دُنياءَس اندر۔ آکہ پهرِ ہ مرِ تہ ڇھونہ اَسہ بيہ زِندہ سپڌ تہ تھودوو تھن اِنۡ هُوَ اِلَّا رَجُلُ ِۨافۡتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا وَّمَا نَحۡنُ لَهٗ بِمُؤۡمِنِيۡنَ يہ شخص ڇھونہ مگر اکھ شخصاہ تہم اپُز نووروو اللّٰہ تعالیٰ اَس پيٹھ۔ مگر اَسِ اَسِ ايمان انٗن والِ ڇھنہ کُنہِ صورتس اندر قَالَ رَبِّ انۡصُرۡنِىۡ بِمَا كَذَّبُوۡنِ ہُود عليہ السلامَن مُونگ دُعا، پَروردگارامہ کَريارِی تہ مدد۔ تمن نشہِ ہيہ ميون بدلہ کيازِہ تمو زونس بواپز يُور قَالَ عَمَّا قَلِيۡلٍ لَّيُصۡبِحُنَّ نٰدِمِيۡنَ اللّٰہ تعالیٰ اَن فرمُووس صبر کرو۔ جلدے سپدَن تہم لوکھ اتھ اِنکارس تہ نافرمانی پيٹھ پشيمان چنانچہ فَاَخَذَتۡهُمُ الصَّيۡحَةُ بِالۡحَقِّ فَجَعَلۡنٰهُمۡ غُثَآءً پس رٹِ تہم جبريلِ اينہ سنزہ سخت کريکہ يُوسہ پزِس وعدس موافق تہ مطابق آس۔ پس بناوِ تہم اَسہِ اکھ ژھو ٹھاہ يعنی خس و خاشاکِ پاٹھِ پامال فَبُعۡدًا لِّلۡقَوۡمِ الظّٰلِمِيۡنَ پس لعنت بُوِن ظالمن، کافرن تہ

مَا تَسْبِقُ مِنْ اُمَّةٍ اَجَلَهَا وَمَا يَسْتَاْخِرُوْنَ ﴿۴۳﴾ ثُمَّ اَرْسَلْنَا
رُسُلَنَا تَتْرَا ؕ كُلَّمَا جَآءَ اُمَّةً رَّسُوْلُهَا كَذَّبُوْهُ فَاَتْبَعْنَا بَعْضَهُمْ
بَعْضًا وَّجَعَلْنٰهُمْ اَحَادِيْثَ ۚ فَبُعْدًا لِّقَوْمٍ لَّا يُؤْمِنُوْنَ ﴿۴۴﴾ ثُمَّ
اَرْسَلْنَا مُوْسٰى وَاَخَاهُ هٰرُوْنَ ۙ۬ بِاٰيٰتِنَا وَسُلْطٰنٍ مُّبِيْنٍ ﴿۴۵﴾
اِلٰى فِرْعَوْنَ وَمَلَا۟ئِهٖ فَاسْتَكْبَرُوْا وَكَانُوْا قَوْمًا عَالِيْنَ ﴿۴۶﴾ فَقَالُوْٓا
اَنُؤْمِنُ لِبَشَرَيْنِ مِثْلِنَا وَقَوْمُهُمَا لَنَا عٰبِدُوْنَ ﴿۴۷﴾ فَكَذَّبُوْهُمَا

---

نافرمانن ثُمَّ اَنْشَاْنَا مِنْۢ بَعْدِهِمْ قُرُوْنًا اٰخَرِيْنَ تمہِ پتہ یعنی قوم عاد و ثمودکہِ ہلاک گژھنہ پتہ کرہِ اَسہِ واریاہ اُمژ تہ قوم پیدہ مَا تَسْبِقُ مِنْ اُمَّةٍ اَجَلَهَا وَمَا يَسْتَاْخِرُوْنَ برونٹھ ہیکہ نہ گژھت کانہہ قوماہ تہ کانہہ اُمتاہ پننہ ہلاکتہ کس مُقررہ وقس نہ ہیکہِ پتھ گژھت تمہِ نشہِ۔ تتھے پاٹھِ چھو پرتھ کُنہ امتکہ ہلاک گژھنہ خیطرہ وقاہ مُقرر کرنہ آمت۔ الغرض تمہِ اُمژ آیہ گوڈہ پیدہ کرنہ ثُمَّ اَرْسَلْنَا رُسُلَنَا تَتْرَا تو پتہ سوزِ اَسہِ تمن لغہِ پنن پیغمبر پوٗتُس پتھ ہدایت وارشادہ خیطرہ كُلَّمَا جَآءَ اُمَّةً رَّسُوْلُهَا كَذَّبُوْهُ مگر تہنز حالت سپز یہِ کہِ یلہِ یلہِ کُنہِ قومس نشہِ تہند خاص پیغمبر واتان اوس خدایہ سندِ احکام ہیتھ تمِ آسِ تس اپزِ زانان تہ اِنکار کران۔ فَاَتْبَعْنَا بَعْضَهُمْ بَعْضًا وَّجَعَلْنٰهُمْ اَحَادِيْثَ پس گالِ اَسہِ تمِ اکھ اکس پتہٕ تو پتہ تھاوِہ پتھکُن تہنزہ کتھے یاژہ تہِ قصے یاتِ فَبُعْدًا لِّقَوْمٍ لَّا يُؤْمِنُوْنَ لعنت بُومِنِ تمن لوکن یم نہ کُنِس خدایس پژھ کرِن تہ ایمان اَنن ثُمَّ اَرْسَلْنَا مُوْسٰى وَاَخَاهُ هٰرُوْنَ بِاٰيٰتِنَا وَسُلْطٰنٍ مُّبِيْنٍ * اِلٰى فِرْعَوْنَ وَمَلَا۟ئِهٖ تو پتہ سُوز اَسہِ موسیٰ علیہ السلام بیہِ تُہند برادر ہارُون علیہ السلام پنن آیات تہ سند ہیتھ فرعونس تہ تہندین ارکانِ سلطنتن کُن فَاسْتَكْبَرُوْا وَكَانُوْا قَوْمًا عَالِيْنَ پس کور تمو تصدیق و اطاعت کرنہ نشہِ تکبرّ بیہِ آسہ تمِ مغرور تہ متکبری یاتِ بلکہ آسکھ بنی اسرائیل مغلوب تہ غلام بناوِمت۔ فَقَالُوْٓا اَنُؤْمِنُ لِبَشَرَيْنِ مِثْلِنَا وَقَوْمُهُمَا لَنَا عٰبِدُوْنَ پس لگِ تمِ پانہ وانِ دپنہِ کیاہ اس گروہ پژھ پانسی ہوین دون انسانن بیہِ تمن ہُند قوم سان غلام تہ خدمتگار چھِہ فَكَذَّبُوْهُمَا فَكَانُوْا مِنَ الْمُهْلَكِيْنَ پس یلہِ تمو تہِ

فَكَانُوا مِنَ الْمُهْلَكِينَ ﴿٤٨﴾ وَلَقَدْ آتَيْنَا مُوسَى الْكِتٰبَ لَعَلَّهُمْ
يَهْتَدُونَ ﴿٤٩﴾ وَجَعَلْنَا ابْنَ مَرْيَمَ وَأُمَّهُ آيَةً وَآوَيْنٰهُمَا إِلَىٰ
رَبْوَةٍ ذَاتِ قَرَارٍ وَمَعِينٍ ﴿٥٠﴾ يَا أَيُّهَا الرُّسُلُ كُلُوا مِنَ الطَّيِّبٰتِ
وَاعْمَلُوا صَالِحًا إِنِّي بِمَا تَعْمَلُونَ عَلِيمٌ ﴿٥١﴾ وَإِنَّ هٰذِهِ أُمَّتُكُمْ أُمَّةً

---

تمن ڏنهي پيغمبرن انڪار ڪيو، تن تي زانجهي اپرزير، پس سپد تمهن تي گله وينو ته هلاڪ سپده وينو آندره **وَلَقَدْ اٰتَيْنَا مُوسَى الْكِتٰبَ لَعَلَّهُمْ يَهْتَدُوْنَ** تهندِه هلاڪ گوهنه پته دِڙ اسه يه ڪتاب يعني تورات موسىٰ عليه السلام مس پُته تم لوکه تمهِ باقي رُودِ هدايت لئن **وَجَعَلْنَا ابْنَ مَرْيَمَ وَاُمَّهٗٓ اٰيَةً وَّاٰوَيْنٰهُمَآ اِلٰى رَبْوَةٍ ذَاتِ قَرَارٍ وَّمَعِيْنٍ** بيه ڪراسه پنه نس ڪمالِ قدرتس بيه پنه نس وحدانيتس پيٺه دلالت ڪرنه خيطره بيه بني اسرائيلن هندِه هدايته خيطره مريم عليها السلامه سُند فرزند عيسىٰ عليه السلام بيه تهنز والده ماجدهٔ بڈ دليل عيسىٰ عليه السلام يمهِ اعتباره ڪه تم ڪرِ اسهِ بے پدر پيده۔ مريم عليها السلام يمهِ اعتباره ڪه سُوگر اسهِ خاوندس يابيه ڪانسهِ انسانس نزديڪ سپد نه وراي حامله ته بچه دار۔ بيه پڇهو يمن دوشنِ هندِه خيطره بوڈ نشانه۔ چونڪه عيسىٰ عليه السلامس متعلق اُوس سُون اِراده پيغمبر بناوُن۔ مگر اته شهر شامس اندر اوس اکه ظالم پادشهائيس ناواوس هير دوس۔ تس اوس نجومِيو ووٺمت ڪه عيسىٰ عليه السلامس سپد سرداري عطا۔ سُو پادشاه اوس لوڪچاره پيٺهے تهنْد دشمن سُپد مُت۔ سُواوس تمن قتل ڪرنه خيطره آماده سُپد مت تمه موکه ديُت اسهِ تمن ته تهندِ س والده ماجدس پناه اکس تهزه جايه پيٺه۔ يُوسه جاي ميوه بڪثرت آسنه مُوکه بسڪس ته قرار ڪرنس لايق آس۔ بيه تمهِ منزه درياو جاري آسنه موکه، سر سبز و شاداب جاياه آس۔ يُوتان تمِ (عيسىٰ عليه السلام) امن وامانس اندر جوان سپد۔ تو پته آو تمن نبوت عطا ڪرنه۔ تمس ظالم پادشهه سندِه مرنه پته آيهِ مريم عليها السلام مصره پيٺه بيه واپس شهر شامس گن۔ ماءِ معين پڇهِ ونان رودِيلهِ هندِس آبس۔ **يٰٓاَيُّهَا الرُّسُلُ كُلُوْا مِنَ الطَّيِّبٰتِ وَاعْمَلُوْا صَالِحًا اِنِّيْ بِمَا تَعْمَلُوْنَ عَلِيْمٌ** اسهِ يته پاڻ برو نٹهي نعمتھ استعمال ڪرنگ توهه اجازت ديُت بيه عبادت ڪرنگ حُڪم ڪور، يتهے پاڻِ فرموُاسهِ سارني پيغمبرن،

وَّاحِدَةً وَّاَنَا رَبُّكُمْ فَاتَّقُوْنِ ﴿٥٢﴾ فَتَقَطَّعُوْٓا اَمْرَهُمْ بَيْنَهُمْ زُبُرًا ؕ
كُلُّ حِزْبٍۭ بِمَا لَدَيْهِمْ فَرِحُوْنَ ﴿٥٣﴾ فَذَرْهُمْ فِيْ غَمْرَتِهِمْ حَتّٰى
حِيْنٍ ﴿٥٤﴾ اَيَحْسَبُوْنَ اَنَّمَا نُمِدُّهُمْ بِهٖ مِنْ مَّالٍ وَّبَنِيْنَ ﴿٥٥﴾ نُسَارِعُ
لَهُمْ فِي الْخَيْرٰتِ ؕ بَلْ لَّا يَشْعُرُوْنَ ﴿٥٦﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ هُمْ مِّنْ خَشْيَةِ

---

تہندِ ذریعہ تہنزن اُمتن ای پیغمبر وکھیوٗ تہٕ تہندِ اُمتی رتِ رت چیز۔ خدایہ سنزہ نعمژ۔ تمیک پھل تہ رُت ثمرہ عطا وَاِنَّ هٰذِهٖٓ اُمَّتُكُمْ اُمَّةً وَّاحِدَةً وَّاَنَا رَبُّكُمْ فَاتَّقُوْنِ تمہِ طریقک اسہِ بیان کوریٚے چھہ تہنز طریق یتھ پیٹھ توہہِ روزُن چھُو واجب تہ ضروری۔ سوچھ اَکےٚ طریق۔ حاصِل تہ خلاصہ تمہِ طریقک چھو کہ بُہ چھُس تہند پروردگار، تہند مالک حقیقی، بیہ منعم حقیقی۔ لہٰذا کھو ژٕ مےٚ بُوت، میانین حُکمن ہنز منہ کٔر و مخالفت تمن پیغمبرن ہنزن اُمتن شوبہ ہانہِ اکی طریقس پیٹھ مضبوط روزن مگر تمو کور نہ تہِ فَتَقَطَّعُوْٓا اَمْرَهُمْ بَيْنَهُمْ زُبُرًا كُلُّ حِزْبٍۭ بِمَا لَدَيْهِمْ فَرِحُوْنَ بلکہ کور تمو پنہ نِس دینس منز الگ الگ وتہ کثرت اختلاف پیدہ۔ چنانچہ تمن منز یمہ جماژ ازتہِ موجود چھہ، پرتھ جماعتس نشہِ یُس یُس دیناہ چھُو سُو چھُو تتھ پیٹھ خوش تہ راضی۔ باطل آسنہ باوجود چھُو تتھ زانان پوز۔ فَذَرْهُمْ فِيْ غَمْرَتِهِمْ حَتّٰى حِيْنٍ یَس ترٲوِیو کھ تہٕ یارسول اللہ پنہ نِس جہالتہ کِس حالس پیٹھ۔ کانہہ غم مہ بٔرو، تہندِس اکِس خاص وقتس تانِ۔ یعنی تہندِ مرنہ کِس وقتس تانِ۔ یلہِ سُو وقت واتہ تمہِ ساتہ سپدہ تمن ساری حقیقت معلوم۔ وَن یُس یمن پیٹھ جلد عذاب نازِل چھُو نہ سپدان، کیاہ امہ سیت چھا لوک یہ خیال کران کہ اس یُو سیہ تمن مال واولاد تہ بیہ دولت عطا کران چھہِ، اس ما چھہِ تمن جلد جلد تہ وُلِ وُلِ فائدہ واتناوان، اسہِ ما چھہ تہنز منہِ کامن۔ یہ کتھ چھنہ ہرگز تمن لُوکن چھُو نہ امیک وجہی معلوم۔ امیک وجہ چھُو استدراج یعنی تہنز ناوگو براونِ۔ یلہِ ناوگو بیکھ، یکدم پھٹن تمِ۔ غرض امیک انجام چھُو سیٹھاہ کرُوٹھ اَيَحْسَبُوْنَ اَنَّمَا نُمِدُّهُمْ بِهٖ مِنْ مَّالٍ وَّبَنِيْنَ کیاہ تمن چھا گمان کہ اَسِ یُس تمن دیار تہ گبر دوان چھہِ نُسَارِعُ لَهُمْ فِي الْخَيْرٰتِ بیہ چھہِ اَسِ تمن جلد جلد خیر واتناوان نہ سو چھنہ حقیقت بَلْ لَّا يَشْعُرُوْنَ بلکہ چھُو نہ

رَبِّهِمۡ مُّشۡفِقُوۡنَ ﴿۵۷﴾ وَ الَّذِيۡنَ هُمۡ بِاٰيٰتِ رَبِّهِمۡ يُؤۡمِنُوۡنَ ﴿۵۸﴾
وَالَّذِيۡنَ هُمۡ بِرَبِّهِمۡ لَا يُشۡرِكُوۡنَ ﴿۵۹﴾ وَالَّذِيۡنَ يُؤۡتُوۡنَ مَاۤ اٰتَوْا وَّ
قُلُوۡبُهُمۡ وَجِلَةٌ اَنَّهُمۡ اِلٰى رَبِّهِمۡ رٰجِعُوۡنَ ﴿۶۰﴾ اُولٰٓـئِكَ يُسٰرِعُوۡنَ
فِى الۡخَيۡرٰتِ وَهُمۡ لَهَا سٰبِقُوۡنَ ﴿۶۱﴾ وَلَا نُكَلِّفُ نَفۡسًا اِلَّا وُسۡعَهَا
وَلَدَيۡنَا كِتٰبٌ يَّنۡطِقُ بِالۡحَـقِّ وَهُمۡ لَا يُظۡلَمُوۡنَ ﴿۶۲﴾ بَلۡ قُلُوۡبُهُمۡ فِىۡ
غَمۡرَةٍ مِّنۡ هٰذَا وَلَهُمۡ اَعۡمَالٌ مِّنۡ دُوۡنِ ذٰلِكَ هُمۡ لَهَا عٰمِلُوۡنَ ﴿۶۳﴾

---

اِنَّ الَّذِيۡنَ هُمۡ مِّنۡ خَشۡيَةِ رَبِّهِمۡ مُّشۡفِقُوۡنَ آزمائشاہ اکھ طرفہ سانہ چھہ یہ تہٕ چھُوسون مطلب کہ یہ تہٕ چھہ سانہ طرفہ اکھ آزمائشاہ تمن فکری تران امہ منز کیاہ پٹھ پرٛزناہ پتھ منز چھونہ کانہہ شک کہ یم پننہ نس پروردگارس سندِہ ہیبتہ تہٕ خوفہ سببہ نٲلان چھہ وَالَّذِيۡنَ هُمۡ بِاٰيٰتِ رَبِّهِمۡ يُؤۡمِنُوۡنَ یم پننہ نس پروردگارہ سندین آیاتن پٹھ پٔچھ کران وَالَّذِيۡنَ هُمۡ بِرَبِّهِمۡ لَا يُشۡرِكُوۡنَ بیہ تِم اتھ ایمانس منز پننہ نس پروردگارس شریک چھنہٕ ٹھہراوان وَالَّذِيۡنَ يُؤۡتُوۡنَ مَاۤ اٰتَوْا وَّ قُلُوۡبُهُمۡ وَجِلَةٌ بیہ تِم خدایہ سنزہِ وتہِ کینہہ دِوان چھہِ، یُوت پلان چھُوکھ ثبوت مگر تتھ منزتہِ چھک دِل نٔتہِ منز آسان۔ اَنَّهُمۡ اِلٰى رَبِّهِمۡ رٰجِعُوۡنَ بیشک چھُو تمن واتن پننہ نس پروردگارس نشہِ۔ خبر چھاسُو کریا یہ سُون مال خرچ کرُن قبول کنہِ نہٕ اُولٰٓـئِكَ يُسٰرِعُوۡنَ فِى الۡخَيۡرٰتِ تیمے کیاہ گے تم لوکھ تِم نیکین منز جلدی کران چھہِ وَهُمۡ لَهَا سٰبِقُوۡنَ بیہ تِم نیکین کُن برونٹھ واتہ ون چھہِ وَلَا نُكَلِّفُ نَفۡسًا اِلَّا وُسۡعَهَا بیہ چھنہ اَس کانسہِ اکس تکلیف دوان تہٕ عبادتھ بُور کھاران۔ مگر تژی ہَن یژی ہَن تس بُتر تہ طاقت آسہِ وَلَدَيۡنَا كِتٰبٌ يَّنۡطِقُ بِالۡحَـقِّ وَهُمۡ لَا يُظۡلَمُوۡنَ کیازہ اسہِ نشہِ چھُو اکھ دفتر، کتاباہ، یعنی نامہ اعمال محفوظ یُس پُوز پُوز سورُوی باوہ۔ بیہ بیہ نہ لوکن کُنہِ قسمہ ظلم کرنہ۔ خیرہ کس اکس اکس ذرس پیٹھ لیہِ تمن ثواب عطا کرنہ۔ یہ اوس حال بایمانن ہُند مگر کافرن ہُند حال چھُونہ یتھ بَلۡ قُلُوۡبُهُمۡ فِىۡ غَمۡرَةٍ مِّنۡ هٰذَا وَلَهُمۡ اَعۡمَالٌ مِّنۡ دُوۡنِ ذٰلِكَ هُمۡ لَهَا عٰمِلُوۡنَ بلکہ اتھ بر عکس چھہِ تہندِ دِل یمہِ دینہ نشہِ جہالتس تہٕ شکس منز پیمتِ۔ بیہ چھہ تمن امہِ جہالتہ ورای تہٕ بیہ پچھ عملہ یمہِ عملہ تِم بدستور چھہِ

حَتّٰىٓ اِذَآ اَخَذْنَا مُتْرَفِيْهِمْ بِالْعَذَابِ اِذَا هُمْ يَجْـَٔرُوْنَ ﴿۶۴﴾ لَا تَجْـَٔرُوا
الْيَوْمَ اِنَّكُمْ مِّنَّا لَا تُنْصَرُوْنَ ﴿۶۵﴾ قَدْ كَانَتْ اٰيٰتِيْ تُتْلٰى عَلَيْكُمْ فَكُنْتُمْ
عَلٰٓى اَعْقَابِكُمْ تَنْكِصُوْنَ ﴿۶۶﴾ مُسْتَكْبِرِيْنَ ۖۚ بِهٖ سٰمِرًا تَهْجُرُوْنَ ﴿۶۷﴾
اَفَلَمْ يَدَّبَّرُوا الْقَوْلَ اَمْ جَآءَهُمْ مَّا لَمْ يَاْتِ اٰبَآءَهُمُ الْاَوَّلِيْنَ ﴿۶۸﴾
اَمْ لَمْ يَعْرِفُوْا رَسُوْلَهُمْ فَهُمْ لَهٗ مُنْكِرُوْنَ ﴿۶۹﴾ اَمْ يَقُوْلُوْنَ بِهٖ جِنَّةٌ ؕ
بَلْ جَآءَهُمْ بِالْحَقِّ وَاَكْثَرُهُمْ لِلْحَقِّ كٰرِهُوْنَ ﴿۷۰﴾ وَلَوِ اتَّبَعَ الْحَقُّ اَهْوَآءَهُمْ

---

کران۔ حَتّٰىٓ اِذَآ اَخَذْنَا مُتْرَفِيْهِمْ بِالْعَذَابِ اِذَا هُمْ يَجْـَٔرُوْنَ تااینکہ یلہٕ تِمو اَندرہ خوشحال لُوکھ عذابس
گرفتار کروکھ اَسہِ تِمن نشہِ نوکر چاکر چھہِ غریب غُرباء تہٕ عام لُوکن ہنز چھہنہٕ کتھی۔ غرض یلہٕ یِمن
سارنی پیٹھ عذاب نازِل سپدہ تانِ ہین تِم کریکہ نادکرُن۔ اَس دپوکھ لَا تَجْـَٔرُوا الْيَوْمَ اِنَّكُمْ مِّنَّا لَا
تُنْصَرُوْنَ مَہ تُلِو ازکریکہ نادٕ تِمو کریکو سیتِ بنیو نہ کینہہ۔ توہہِ ییہ نہ ہرگز سانہ طرفہ مدد کرنہ۔ کیازِ
تہٕ گوناتِ قَدْ كَانَتْ اٰيٰتِيْ تُتْلٰى عَلَيْكُمْ فَكُنْتُمْ عَلٰٓى اَعْقَابِكُمْ تَنْكِصُوْنَ * مُسْتَكْبِرِيْنَ بِهٖ سٰمِرًا تَهْجُرُوْنَ پَرٕ
پاتِ دُنیاءس منز آس میان آیات توہہِ پیٹھ پرنہٕ یوان حضراتِ انبیاءن ہندِ ذریعہ۔ تہٕ آسوہ پوت
پُوتی ژلان۔ بکمال مجبر آسوہ رات کیٛت اتھ قرآن مجیدس خلاف بکواس کرتھ ییہ بوزنہ نشہِ دُور
روزان۔ کانہہ اوس وَنان تتھ شعر کانہہ اوس ونان تتھ سحر۔ اَفَلَمْ يَدَّبَّرُوا الْقَوْلَ اَمْ جَآءَهُمْ مَّا لَمْ يَاْتِ
اٰبَآءَهُمُ الْاَوَّلِيْنَ کیاہ تِمو کورناتتھ قرآن مجیدس منز غور تہٕ فکر۔ تیٚمے فکر کرہن پانئے پتہٕ ہیکھ بوزُن
امیک معجزہ وچُھت انہ ہن ایمان کنہ۔ یمنی نشہ ووت نوو اکھ چیز اُمیس نہ تہندین مالین بُڑ ینن نشہِ ووتمت
اوس۔ امی چھہِ اتھ اِنکار کران اَمْ لَمْ يَعْرِفُوْا رَسُوْلَهُمْ فَهُمْ لَهٗ مُنْكِرُوْنَ کنہ تِم زانی نہ پیغمبرس پنہ نِس
تِمنِ چھنہ خبری تہندہ امانت ودیانج، راست گوئی ہنز تی چھہ تِس اِنکار کران اَمْ يَقُوْلُوْنَ بِهٖ جِنَّةٌ کنہ
تِم چھہِ ونان امس پیغمبرس چھُو جنون۔ تِمو کتھو اَندرہ چھنہ کہنی کتھ۔ تِم ساری آس مُتفقہ طور تہندہ
صدق وامانتکِ تہٕ دیانتکِ قائل ییہ اُوس تِمن اِتفاق کہ تِمن برابر چُھو نہ صاحبِ عقل کانہہ تہٕ بَلْ جَآءَهُمْ

لَفَسَدَتِ السَّمٰوٰتُ وَالْاَرْضُ وَمَنْ فِيْهِنَّ ؕ بَلْ اَتَيْنٰهُمْ بِذِكْرِهِمْ فَهُمْ
عَنْ ذِكْرِهِمْ مُّعْرِضُوْنَ ؕ﴿٧١﴾ اَمْ تَسْـَٔلُهُمْ خَرْجًا فَخَرَاجُ رَبِّكَ خَيْرٌ ٭ۖ
وَّهُوَ خَيْرُ الرّٰزِقِيْنَ ﴿٧٢﴾ وَاِنَّكَ لَتَدْعُوْهُمْ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ﴿٧٣﴾
وَاِنَّ الَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ عَنِ الصِّرَاطِ لَنٰكِبُوْنَ ﴿٧٤﴾
وَلَوْ رَحِمْنٰهُمْ وَكَشَفْنَا مَا بِهِمْ مِّنْ ضُرٍّ لَّلَجُّوْا فِيْ طُغْيَانِهِمْ
يَعْمَهُوْنَ ﴿٧٥﴾ وَلَقَدْ اَخَذْنٰهُمْ بِالْعَذَابِ فَمَا اسْتَكَانُوْا لِرَبِّهِمْ

---

بِالْحَقِّ وَاَكْثَرُهُمْ لِلْحَقِّ كٰرِهُوْنَ بلڪ ڇھو اصلي وجه ڪه هي پيغمبر آءِ تن وٽ پڙتھ ھليٺھ، مگر تمو اندرہ ڇھه اڪثر لوڪن پرچ نفرت۔ تمي ڇھنه قبول ته تسليم ڪران وَلَوِ اتَّبَعَ الْحَقُّ اَهْوَآءَهُمْ لَفَسَدَتِ السَّمٰوٰتُ وَالْاَرْضُ وَمَنْ فِيْهِنَّ ہيہ ہر گاہ پوز تابع روزہ تھنزن خواہشن تلہِ گژھن آسمان وزمین تباہ و برباد بيہ تم ساری تمِ تمن منز روزان ڇھہ۔ ڪيازِہ ہر گاہ تہِ لبنہ ييہِ ہاہِ پُوز ڪيا روزِہ ہا تابع تھنزن خواہشن تيلہِ سپدِہ ہا سورُوی عالم پُر ڪفر وشرڪ سيت عالمس منز ڇھيلہِ ہا گمراہی۔ تمُيڪ نتيجہ نيرِہ ہا الله تعالیٰ سُند غضب اِيہِ ہا بجوش، آسمان وزمين بيہِ يم تمن منز روزان ڇھہِ گژھہ ہن ہلاڪ تہ برباد بَلْ اَتَيْنٰهُمْ بِذِكْرِهِمْ بلڪہ آئےی اَسِ تمن نشِ نصيحت تہ نفح تھ ھيتھ فَهُمْ عَنْ ذِكْرِهِمْ مُّعْرِضُوْنَ مگر تم ڇھہِ پننہِ فائدچہ ڪتھ نشہِ تہ بُتھ ڦھران تہ روگردانی ڪران اَمْ تَسْـَٔلُهُمْ خَرْجًا فَخَرَاجُ رَبِّكَ خَيْرٌ وَّهُوَ خَيْرُ الرّٰزِقِيْنَ تڪذيبہ ڪين برونٹھين وجھن علاوہ ڇھو يہ بياکھ وجہ ڪہ تمن ڇھو شُبہ تہ انديشہ ڪہِ تہِہ ما ڇھوہ تمن نشِ دينِ حق واتناونہ خيطرہ ڪينہ معاوضہ ژھانڈان۔ توہہِ ڪياہ آس تہج ضرورت توہہِ يُس معاوضہ خدايہِ سندِہ طرفہ حاصل سپدہ ڈون ڇھو۔ سُوی ڇھو سيٹھاہ بہتر رُوزی دِنہ ڈول وَاِنَّكَ لَتَدْعُوْهُمْ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ پزپاٹِ تہِہ ڇھوہ تمن راہِ راستس، سيزِہ وتہِ ڪُن نادِ دوان وَاِنَّ الَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ عَنِ الصِّرَاطِ لَنٰكِبُوْنَ پزپاٹِ تمن نہ آخرتچ پژھ ڇھ تم ڇھہِ سيزِہ وتہِ نشہِ پتھ ژلان وَلَوْ رَحِمْنٰهُمْ وَكَشَفْنَا مَا بِهِمْ مِّنْ ضُرٍّ لَّلَجُّوْا فِيْ طُغْيَانِهِمْ يَعْمَهُوْنَ بيہ ہر گاہ اَسِ تمن پيٹھ رحم ڪرِ تھ، تمن يُس تڪليف ڇھو سُو دُور تہِ ڪرو، توتہِ روزن تمِ

فَقَرَاَهٗ عَلَيْهِمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ مُؤْمِنِيْنَ ﴿١٩٩﴾ كَذٰلِكَ سَلَكْنٰهُ فِيْ قُلُوْبِ
الْمُجْرِمِيْنَ ﴿٢٠٠﴾ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِهٖ حَتّٰى يَرَوُا الْعَذَابَ الْاَلِيْمَ ﴿٢٠١﴾ فَيَاْتِيَهُمْ
بَغْتَةً وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ ﴿٢٠٢﴾ فَيَقُوْلُوْا هَلْ نَحْنُ مُنْظَرُوْنَ ﴿٢٠٣﴾
اَفَبِعَذَابِنَا يَسْتَعْجِلُوْنَ ﴿٢٠٤﴾ اَفَرَءَيْتَ اِنْ مَّتَّعْنٰهُمْ سِنِيْنَ ﴿٢٠٥﴾ ثُمَّ
جَآءَهُمْ مَّا كَانُوْا يُوْعَدُوْنَ ﴿٢٠٦﴾ مَآ اَغْنٰى عَنْهُمْ مَّا كَانُوْا يُمَتَّعُوْنَ ﴿٢٠٧﴾
وَمَآ اَهْلَكْنَا مِنْ قَرْيَةٍ اِلَّا لَهَا مُنْذِرُوْنَ ﴿٢٠٨﴾ ذِكْرٰى قف وَمَا كُنَّا

---

عَلَيْهِمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ مُؤْمِنِيْنَ ییہ ہر گاہ نازل کرہ ہون اَسِ یہ قرآن مجید کانسہِ عجمی شخص پیٹھ سُوی یلہِ تیمن پیٹھ پَران آسہاتس تہِ انہ ہَن نہ تیم لُوکھ ایمان عِنادہ مٔوکھہ۔ كَذٰلِكَ سَلَكْنٰهُ فِيْ قُلُوْبِ الْمُجْرِمِيْنَ تَتھِ پاٹھِ چھُو اَسہِ اِنکار پکہ نووُت نافرمانن ہندین دِلن اندر لَا يُؤْمِنُوْنَ بِهٖ حَتّٰى يَرَوُا الْعَذَابَ الْاَلِيْمَ تمِ کرن نہ پڑھ تتھ قرآن مجیدس یُوتان نہ ڈیشن کُڈ ر عذاب مرنکہ وقتہ یا عالم برزخس منز یا آخرتس اندر فَيَاْتِيَهُمْ بَغْتَةً وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ سُوی عذاب ییکھ واتھ ہنگہ تہ منگہ۔ تِمن خبرہ نہ فِکری یہ عذاب کتہِ آو تہ کپار آو۔ فَيَقُوْلُوْا هَلْ نَحْنُ مُنْظَرُوْنَ تمہِ ساتہ ڈیپن کیاہ اَسہِ ییہ تا مُہلتھاہ دِنہ۔ مگر تمہِ ساتہ نہ آسہِ وقت مُہلتک نہ قولِ ایمانک اَفَبِعَذَابِنَا يَسْتَعْجِلُوْنَ کیاہ تیمِ چھاسانس عذابس جلد ژھانڈان۔ یمیُک مطلب چھُو اِنکار کرُن اَفَرَءَيْتَ اِنْ مَّتَّعْنٰهُمْ سِنِيْنَ * ثُمَّ جَآءَهُمْ مَّا كَانُوْا يُوْعَدُوْنَ ژی وَنتہ اَی بوزونہ ہر گاہ اَسِ تیمن مُہلت دِت فائدہ تُلناوُکھ واریاہن ورہن تہِ تو پتہ ولتہِ تمن سُو عذاب یمیُک تمن وعدہ تھاونہ اوس یِوان مَآ اَغْنٰى عَنْهُمْ مَّا كَانُوْا يُمَتَّعُوْنَ کیاہ نفع دیہِ تمن کینژن ورین ہُند فائدہ تُلناوُن۔ وَمَآ اَهْلَكْنَا مِنْ قَرْيَةٍ اِلَّا لَهَا مُنْذِرُوْنَ ییہ کرِ نہ اَسہِ کُنہِ شہرک لُوک ہلاک۔ مگر گوڈہ آئے تمن نشہِ بیم کرنہ خیطرہ پیغمبر۔ یلہ نہ تموٗ مٔون اَدہ آو تمن عذاب سوزنہ ذِكْرٰى وَمَا كُنَّا ظٰلِمِيْنَ تمن لُوکن ژیتس پاونہ خیطرہ۔ اَسِ آسِ نہ کانسہِ نسبت ظُلم کرہ وُنِ وَمَا تَنَزَّلَتْ بِهِ الشَّيٰطِيْنُ * وَمَا يَنْۢبَغِيْ لَهُمْ وَمَا يَسْتَطِيْعُوْنَ ییہ سپد نہ یہ قرآن مجید ہیتھ نازِل شیطان یم کاہن نشہِ یِوان

ظٰلِمِيْنَ ﴿۲۰۹﴾ وَمَا تَنَزَّلَتْ بِهِ الشَّيٰطِيْنُ ﴿۲۱۰﴾ وَمَا يَنْۢبَغِيْ لَهُمْ وَمَا
يَسْتَطِيْعُوْنَ ﴿۲۱۱﴾ اِنَّهُمْ عَنِ السَّمْعِ لَمَعْزُوْلُوْنَ ﴿۲۱۲﴾ فَلَا تَدْعُ مَعَ
اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ فَتَكُوْنَ مِنَ الْمُعَذَّبِيْنَ ﴿۲۱۳﴾ وَاَنْذِرْ عَشِيْرَتَكَ
الْاَقْرَبِيْنَ ﴿۲۱۴﴾ وَاخْفِضْ جَنَاحَكَ لِمَنِ اتَّبَعَكَ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿۲۱۵﴾
فَاِنْ عَصَوْكَ فَقُلْ اِنِّيْ بَرِيْٓءٌ مِّمَّا تَعْمَلُوْنَ ﴿۲۱۶﴾ وَتَوَكَّلْ عَلَى الْعَزِيْزِ
الرَّحِيْمِ ﴿۲۱۷﴾ الَّذِيْ يَرٰىكَ حِيْنَ تَقُوْمُ ﴿۲۱۸﴾ وَتَقَلُّبَكَ فِي السّٰجِدِيْنَ ﴿۲۱۹﴾

---

ڇهه نه پڙهه تمن که يه کتاب هيٺه کياڻن کيازه يه کتاب ڇهه هيره پيٺه بون تانِ هدايت. شيطان ڇهه هيره پيٺه بون تان ضلالت وگمراهی. اته ڇهونه تمن سيتِ واٺهے کانهه. نه هيکن تم پڙهه کتاب هيٺه وستهه اِنَّهُمْ عَنِ السَّمْعِ لَمَعْزُوْلُوْنَ کيازِه تم ڇهه يه قرآن مجيد بوزنه نشه دور آمتِ ٿهاونه. تمن ڇهو امه نشه ٿهور آمت کرنه. لهذا ڇهو يه قرآن مجيد خدايه سندی طرفه توهه پيٺه نازِل آمت کرنه يارسول الله فَلَا تَدْعُ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ فَتَكُوْنَ مِنَ الْمُعَذَّبِيْنَ پس مه حض کر وعبادت تهه معبود برحقّس سيتِ بيه کانسه معبوده سنز. تمه سيتِ ايوه توهه ته عذاب کرنه حالانکه توهه اندر ڇهونه نعوذ بالله، نه شرکک احتمال نه عذابک. مگر هرگاه بفرضِ محال توهه نسبت يه حکم آو کرنه بيَن هنز ڇهنه کهے کانهه وَاَنْذِرْ عَشِيْرَتَكَ الْاَقْرَبِيْنَ امی متوکهه کر وتهه بيم گوڈه نکهه آشناون پنه نين وَاخْفِضْ جَنَاحَكَ لِمَنِ اتَّبَعَكَ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ بيه نمراوِ تهه شفقت ومهربانی هنز پکهه تمن لوکن هندِه خيطره تمو تهنز متابعت کر باايمانو اندره اده تم آشنا آستن يامته آستن فَاِنْ عَصَوْكَ فَقُلْ اِنِّيْ بَرِيْٓءٌ مِّمَّا تَعْمَلُوْنَ هرگاه تم لوکه تمن توهه بيم کوروه تهنز نافرمانی کرن اده تم تهند آشناو آستن يامته آستن تهه فرماوکهُ بو ڇهوس تهنزِ کامه نشه سيٺهاه بيزار. مه ڇهونه توهه سيتِ کانهه لين دين ته تعلّق وَتَوَكَّلْ عَلَى الْعَزِيْزِ الرَّحِيْمِ بيه کر وتهه اعتماد ته ڈکهه تس پروردگارس پيٺه يُس سيٺهاه غالب ته سيٺهاه رحمته وول ڇهو. تهندِه تکليف واتناو تک مه کرِ وکانهه انديشه الَّذِيْ يَرٰىكَ حِيْنَ تَقُوْمُ يُس پروردگار توهه وڇهان ڇهو نمازه گن

اِنَّهٗ هُوَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ ﴿٢٢٠﴾ هَلْ اُنَبِّئُكُمْ عَلٰى مَنْ تَنَزَّلُ الشَّيٰطِيْنُ ﴿٢٢١﴾

تَنَزَّلُ عَلٰى كُلِّ اَفَّاكٍ اَثِيْمٍ ﴿٢٢٢﴾ يُّلْقُوْنَ السَّمْعَ وَاَكْثَرُهُمْ كٰذِبُوْنَ ﴿٢٢٣﴾

وَالشُّعَرَآءُ يَتَّبِعُهُمُ الْغَاوٗنَ ﴿٢٢٤﴾ اَلَمْ تَرَ اَنَّهُمْ فِيْ كُلِّ وَادٍ

يَّهِيْمُوْنَ ﴿٢٢٥﴾ وَاَنَّهُمْ يَقُوْلُوْنَ مَا لَا يَفْعَلُوْنَ ﴿٢٢٦﴾ اِلَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا

---

وو تھنکہ وقتہ وَتَقَلُّبَكَ فِي السّٰجِدِيْنَ بیہ تمہ ساتھ تُہہ نماز پرہ وَنین سیت کھسان وسان چھوہ۔ رکوع و سجود کران چھوہ اِنَّهٗ هُوَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ بیشک پزٔ پاٹھ اللہ تعالیٰ چھُو سورُوی بُوزہ وُن، سورُوی زانہ وُن هَلْ اُنَبِّئُكُمْ عَلٰى مَنْ تَنَزَّلُ الشَّيٰطِيْنُ ای لُوکو کیاہ بو کروہ توہہ خبر شیطان کُس پیٹھ چھُو وَسان تَنَزَّلُ عَلٰى كُلِّ اَفَّاكٍ اَثِيْمٍ وارہ بوزو تمِ چھِہ وسان تمنی پیٹھ تمِ گوڈہ پیٹھے اپزٕ یرِ تہ بدکار آسَن يُّلْقُوْنَ السَّمْعَ وَاَكْثَرُهُمْ كٰذِبُوْنَ تمِ شیطانن ہندِہ خبرہ وننہِ وقتہ کَن دارِ تھ چھِہ تمہِ کتھ تہ خبرہ بوزان۔ تو پتہ لُوکن تمہِ خبرہ وننہِ وقتہ پننہ طرفہ وارِیاہ اپزٕ مِلہ ناوِت تمہِ کتھ ونان۔ نبی کریمہ سُند ذات بابرکات چھُو تمہِ نشہِ مبّرا تہ پاک۔ امہِ سیت سپُد تمن نشہِ کہانتُک شُبہ دُور۔ پتہ رود شاعرِ تیک شُبہ تتھ متُعلق چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان وَالشُّعَرَآءُ يَتَّبِعُهُمُ الْغَاوٗنَ بیت ونن والین ہنزٕ وَتہِ چھِہ پکان تِمے تمِ وَتہِ ڈلمتِ آسن۔ یعنی بیت تہ خیالی مضامین ونِن، باتہ پاٹھِ یا عبارتَس اندر یعنی نظم یا نثرُو وُن چھُو تمن لُوکن ہُند کار۔ تمِ تحقیقہ ورای خیالی مضامین ونان آسَن۔ تمن مضمونن نہ واقعس سیتِ کانہہ تعلّق آسہِ اَلَمْ تَرَ اَنَّهُمْ فِيْ كُلِّ وَادٍ يَّهِيْمُوْنَ ژٕہ چھُکھنا وُچھان اے مخاطِب تمِ شاعرِ چھِہ خیالی مضامین ہندِس پرِیتھ میدانس منز حیران۔ کھونت کھیوان مضمُون تلاش کرنہ خیطرہ۔ یلہ تمن کانہہ مضموناہ بنان چھُو، چونکہ سُو چھُو آسان اکثر خلاف واقع وَاَنَّهُمْ يَقُوْلُوْنَ مَا لَا يَفْعَلُوْنَ تمی سبہ چھِہ تمِ ونان تی یہ نہ تمِ کران چھِہ۔ مضامین قرآنیہ یتھ یتھ بابس متُعلق آسن تمِ ساری چھِہ محقق۔ خیالی ہرگز چھنہ تمِ۔ لہذا نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمّن شاعرِ وُنُن۔ یہ گو محض جنون تہ دیوانہ گی۔ اللہ تعالیٰ ان دِژنہ سانِس نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم منظوم کلام کرنس پیٹھ قدر تھی۔ چونکہ تمن آیاتِ کریمن منز آیہ شاعرن ہنزٕ مذّمت

وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَذَكَرُوا اللّٰهَ كَثِيرًا وَّانْتَصَرُوا مِنْۢ بَعْدِ مَا ظُلِمُوا ؕ وَسَيَعْلَمُ الَّذِينَ ظَلَمُوٓا اَىَّ مُنْقَلَبٍ يَّنْقَلِبُونَ ﴿۲۲۷﴾ ع

---

کرنہ تتھ منز آی ساری شاعرِ۔ چونکہ بعضی شاعرن ہُند کلام چھُو عین حکمت بیہ پُور محقق۔ تمہِ مۅکھہ کرِ اللہ تعالیٰ ان تمِ مستثنےٰ فرموون اِلَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ مگر نہ تمِ شاعرِ یمو خدایس پژھ کرِ تھ رژہ عملہ گرِہ وَذَكَرُوا اللّٰهَ كَثِيْرًا بیہِ کرِکھ یاد معبود برحقّہ سُند بکثرت وَّانْتَصَرُوْا مِنْۢ بَعْدِ مَا ظُلِمُوْا بیہِ ہیوتت تِمو بدلہ کافرن نشہِ پنہ نیو شعرَ و سیتِ تِمن پیٹھ ظُلم سپد نہ پتہ۔ کیازہ کافرَ و اُوس تِمن رنگارنگ ظُلم واتناوُمت لہذا ہیو تُک تِمو تِمیُک بدلہ وَسَيَعْلَمُ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْٓا اَيَّ مُنْقَلَبٍ يَّنْقَلِبُوْنَ بروتھ تِہَن زانن ظالم یمو خدایہِ سُند تہ پیغمبر خدایہِ سُند حق یا حقوق العباد ظُلم کرِ ت ضایع کرِ کہ تتھ انقلابہ چِھ جایہِ ہِن تمِ واتناونہ، مرنہ پتہ۔ سو جای گٔژھِ نار جہنّم۔



## سُوْرَةُ النَّمْلِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

طٰسٓ قف تِلْكَ اٰيٰتُ الْقُرْاٰنِ وَكِتَابٍ مُّبِيْنٍۙ ﴿۱﴾ هُدًى وَّبُشْرٰى
لِلْمُؤْمِنِيْنَۙ ﴿۲﴾ الَّذِيْنَ يُقِيْمُوْنَ الصَّلٰوةَ وَيُؤْتُوْنَ الزَّكٰوةَ وَ
هُمْ بِالْاٰخِرَةِ هُمْ يُوْقِنُوْنَ ﴿۳﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ
زَيَّنَّا لَهُمْ اَعْمَالَهُمْ فَهُمْ يَعْمَهُوْنَ ﴿۴﴾ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ
لَهُمْ سُوْٓءُ الْعَذَابِ وَهُمْ فِي الْاٰخِرَةِ هُمُ الْاَخْسَرُوْنَ ﴿۵﴾

---

طٰسٓ یِم چھِہ حروفِ مُقطعات یمن ہُند معنیٰ زانہ پانہ خدا تِلْكَ اٰيٰتُ الْقُرْاٰنِ وَكِتَابٍ مُّبِيْنٍ یِم آیات توہہِ پیٹھ نازِل کرنہ آی۔ یِم چھِہ آیاتِ کریمہ قرآن مجیدکِ تہٕ واضِح کتابہٕ ہندِ هُدًى وَّبُشْرٰى لِلْمُؤْمِنِيْنَ یِم آیات چھِہ بوڈ ہدایت تہٕ بڈ بشارت باایمانن ہندِ خیطرٕ الَّذِيْنَ يُقِيْمُوْنَ الصَّلٰوةَ وَيُؤْتُوْنَ الزَّكٰوةَ تِمن لوکن ہندِ خیطرٕ یِم نماز چھِہ برپاتھاوان یُوسہٕ بدنی عباد توٲندرٕ بٔڈ عبادت چھِہ، بیٚیہ یِم زکوٰة چھِہ اداکران ییٚوسہٕ مالی عباد توٲندرٕ بٔڈ عبادت چھِہ وَهُمْ بِالْاٰخِرَةِ هُمْ يُوْقِنُوْنَ بیٚیہ چھِہ یِم آخرِ تھٕ پُور یقین تھاوان یُس تریو اصولو ٲندرٕ اکھ اہم اصول چھُو۔ اِنَّ الَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ زَيَّنَّا لَهُمْ اَعْمَالَهُمْ فَهُمْ يَعْمَهُوْنَ بیشک یِم لوکھ پزِہ چھنہ کران آخرِ تس تِھنزن پچھ

کامین دِیت اَسہٕ زینت تِمی چھِہ یِم گمراہی منز بوڈمت، حیران سپدِمت۔ نہ چھِہ تِہندِ عقائد دُرست نہ اعمال۔ تِمی چھِنہ یِم قرآن مجیدس تہٕ مانان تہٕ پزٕ کران۔ لہٰذا اتھ پاٹھِ قرآن مجید چھُو باایمانن بشارت دِوان تِتھے پاٹھِ چھُو کافرن وعید بوزناوان اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ لَهُمْ سُوْٓءُ الْعَذَابِ تِمے لوک گٔے یِم یِہندِ خیطرٕ پچھ عذاب چھُو دُنیاہس اندر مرنکہِ وقتہٕ وَهُمْ فِي الْاٰخِرَةِ هُمُ الْاَخْسَرُوْنَ بیٚیہ آسن تِمے

وَاِنَّكَ لَتُلَقَّى الْقُرْاٰنَ مِنْ لَّدُنْ حَكِيْمٍ عَلِيْمٍ ﴿۶﴾ اِذْ قَالَ مُوْسٰى
لِاَهْلِهٖۤ اِنِّيْۤ اٰنَسْتُ نَارًا ؕ سَاٰتِيْكُمْ مِّنْهَا بِخَبَرٍ اَوْ اٰتِيْكُمْ بِشِهَابٍ قَبَسٍ
لَّعَلَّكُمْ تَصْطَلُوْنَ ﴿۷﴾ فَلَمَّا جَآءَهَا نُوْدِيَ اَنْۢ بُوْرِكَ مَنْ فِي النَّارِ وَ
مَنْ حَوْلَهَا ؕ وَسُبْحٰنَ اللّٰهِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿۸﴾ يٰمُوْسٰۤى اِنَّهٗۤ اَنَا اللّٰهُ

---

آخرِ تَس اندر تہ زیادہ تاوان زد۔ کیازِہ تمِ واتن نار جہنّمس اندر یمہِ منزہ نہ زانہہ تہ مُوکہ لن۔ وَاِنَّكَ لَتُلَقَّى الْقُرْاٰنَ مِنْ لَّدُنْ حَكِيْمٍ عَلِيْمٍ مگر بیشک توہہِ نشہِ چھُو یہِ قرآنِ مجیدس سیٹھاہ حکمتہ والِس خدایِہ سندِہ طرفہ واتناونہ یِوان۔ امہِ نعمتہ کِس سُرورس اندر مہ سپدِو تُہہ ہرگز غمگین اِذْ قَالَ مُوْسٰى لِاَهْلِهٖۤ اِنِّيْۤ اٰنَسْتُ نَارًا ژیتس پاوِو تمہِ وقتُک قِصّہ یلہِ مُوسیٰ علیہ السلامَن دوپ پننہِ عیالس یلہِ تمِ شہرِ مدینہ پیٹھہ واپس یِوان آسِ تو پتہ وات کوہِ طورس قریب اکِس جایہِ سردی ہندِہ وقتہ یلہِ تمن مصرچ وَتھ اَتھہِ آس نہ یِوان۔ دُوپہک واقعی مہِ وُچھ کوہِ طورُہ طرفہ ناراہ اکھ زوتان سَاٰتِيْكُمْ مِّنْهَا بِخَبَرٍ اَوْ اٰتِيْكُمْ بِشِهَابٍ قَبَسٍ لَّعَلَّكُمْ تَصْطَلُوْنَ تُہہ ٹھہرو۔ بوگژھہ تو تَتَس۔ بُہ یِموہ وَتہِ ہنز کانہہ خبراہ ہیتھ۔ نتہ یِموہ بُہ ناراہ ہیتھ کُنہِ زِنِہ پیٹھہ۔ یتھ تُہہ تپہو تہ وشیر کرِو فَلَمَّا جَآءَهَا نُوْدِيَ پَس یلہِ تمِ اَتھ نارس نکھہ تلہ واتِ، تمن گیہِ خدایِہ سندِہ طرفہ آواز اَنْۢ بُوْرِكَ مَنْ فِي النَّارِ وَمَنْ حَوْلَهَا یِہے آوازکہِ یمِ یتھ نارس منزِ چھہِ ملائیکو اَندرہ تمن پیٹھہ تہِ آسِن برکت، یمِ اَتھ نارس اَندِ پکھہِ چھہِ یعنی موسیٰ علیہ السلام تمن پیٹھہ تہ بوئِن برکت یہِ چھُو دُعا بطور تحیّت وسلام یتھہ پاٹھہِ اِنہ وول، یا یمِس نشہِ یِوان چھہِ، سُو چھُو سلام کران۔ چونکہ موسیٰ علیہ السلامس اوس نہ معلوم کہ یہ نُور چھُو انوار الٰہی۔ تمہِ مُوکھہ ہیوک نہ تمو تعظیم بجاأنِت۔ اللہ تعالیٰ سندِہ طرفہ سپدِہ تہندہ اُنسہ خیطرہ سلام و دُعا ارشاد وَسُبْحٰنَ اللّٰهِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ مُنزّہ تہ پاک چھُو معبود برحق، عالمین ہُند ربّ، حدودوِ نشہِ، مقدارہ نشہِ، رَنگو نشہِ۔ یہِ نُور یُس تُہہ وُچھان چھوِہ، یہِ چھُو یمو قیود وسیت مُقیّد لہذا چھُو نہ یہ ذات باری تعالیٰ۔ يٰمُوْسٰۤى اِنَّهٗۤ اَنَا اللّٰهُ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ای مُوسیٰ بُو چھُس معبود برحق۔ یُس کلام کران چھُو بے کیف، سیٹھاہ عزتہ وول

الْعَزِيزُ الْحَكِيمُ ﴿٩﴾ وَأَلْقِ عَصَاكَ فَلَمَّا رَآهَا تَهْتَزُّ كَأَنَّهَا جَانٌّ
وَلَّىٰ مُدْبِرًا وَلَمْ يُعَقِّبْ يَا مُوسَىٰ لَا تَخَفْ إِنِّي لَا يَخَافُ لَدَيَّ
الْمُرْسَلُونَ ﴿١٠﴾ إِلَّا مَنْ ظَلَمَ ثُمَّ بَدَّلَ حُسْنًا بَعْدَ سُوءٍ فَإِنِّي
غَفُورٌ رَحِيمٌ ﴿١١﴾ وَأَدْخِلْ يَدَكَ فِي جَيْبِكَ تَخْرُجْ بَيْضَاءَ مِنْ
غَيْرِ سُوءٍ فِي تِسْعِ آيَاتٍ إِلَىٰ فِرْعَوْنَ وَقَوْمِهِ إِنَّهُمْ كَانُوا
قَوْمًا فَاسِقِينَ ﴿١٢﴾ فَلَمَّا جَاءَتْهُمْ آيَاتُنَا مُبْصِرَةً قَالُوا هَٰذَا

---

سیٹھاہ رحمتہ وول وَأَلْقِ عَصَاكَ ای موسیٰ ژہ تراو حض پنِ لورِہ ہَن پنتھر۔ تمویانِ سئو تراو پنتھر تتھ بنیو واژدہا فَلَمَّا رَآهَا تَهْتَزُّ كَأَنَّهَا جَانٌّ اَتی یلہِ تتھ لورِہ گن ڈیچھ تمو، سئو وچھک حرکت کران سرفہ سندِ پاٹھِ۔ وَلَّىٰ مُدْبِرًا وَلَمْ يُعَقِّبْ حضرتِ موسیٰ ژول تھر پھرِ ت۔ پُوت نظرتہِ دِژکھ نہ۔ اللہ تعالیٰ اَن فرموٗدس يَا مُوسَىٰ لَا تَخَفْ اے موسیٰ کھوژ مہ اَسہِ کرِی ژہ عطا پیغمبری إِنِّي لَا يَخَافُ لَدَيَّ الْمُرْسَلُونَ خلعتِ پیغمبر عطا سپدِت چھنہِ مہِ برونٹھ کنہِ پیغمبر اتھین چیزن، یم تہندِ ہ نبوّت ورِسالتچہ دلیلہ آسن، کھوژان۔ یعنی کھوژن لگہِ نہ إِلَّا مَنْ ظَلَمَ ثُمَّ بَدَّلَ حُسْنًا بَعْدَ سُوءٍ فَإِنِّي غَفُورٌ رَحِيمٌ مگرے کانسہ ہندہ دستہ کینہہ قصور تہ لغزِش لبنہ آمژ آسہِ تَس پییہ یاد سو لغزِش توپتہ کھوژِہ، تتھ چھونہ کانہہ مضائقہ۔ لیکن تتھ متعلق تہِ چھُ یہِ قاعدِہ کہ اگر کانسہِ ہندِہ طرفہ کانہہ قصور لبنہ اِیہِ توپتہ بدلا وِہ سُو تتھ کُنہِ نیکی تہ رژِہ کامہِ سیتِ یعنی گناہ کرِت کرِہ توبہ بو چھُس تہند توبہ قبول کران تہندین گُنہن مُعاف کران۔ کیازِہ بُہ چھُس سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن، سیٹھاہ رحم کرہ وُن۔ ای موسیٰ اتھ عصاء کس مُعجزس سیتِ چھُو سے بُہ بیا کھ معجزہ تہِ ژہ عطا کران سُو گو کہ وَأَدْخِلْ يَدَكَ فِي جَيْبِكَ تَخْرُجْ بَيْضَاءَ مِنْ غَيْرِ سُوءٍ ژہ تراو اتھ پُن پنہ نس نالس منز، سُو نیری تورہ سفید نپہ نپہ کرہ وُن کُنہِ قصورہ تہ بیماری ورای فِي تِسْعِ آيَاتٍ إِلَىٰ فِرْعَوْنَ وَقَوْمِهِ یم دو شوے معجزہ چھہِ تمو نوو معجزوَ اندرہ یم ہیتھ تُہہ سوزنہ یِوان چھوِہ فرعونس تہ تہندِس قومس کُن۔ إِنَّهُمْ كَانُوا قَوْمًا فَاسِقِينَ کیازِہ تم چھِہ حدہ ڈلہ وِنیولو کو

سِحْرٌ مُّبِينٌ ﴿١٣﴾ وَجَحَدُوا بِهَا وَاسْتَيْقَنَتْهَا أَنفُسُهُمْ ظُلْمًا وَعُلُوًّا ۚ
فَانظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُفْسِدِينَ ﴿١٤﴾ وَلَقَدْ آتَيْنَا دَاوُودَ وَ
سُلَيْمَانَ عِلْمًا ۖ وَقَالَا الْحَمْدُ لِلَّهِ الَّذِي فَضَّلَنَا عَلَىٰ كَثِيرٍ مِّنْ عِبَادِهِ
الْمُؤْمِنِينَ ﴿١٥﴾ وَوَرِثَ سُلَيْمَانُ دَاوُودَ ۖ وَقَالَ يَا أَيُّهَا النَّاسُ عُلِّمْنَا
مَنطِقَ الطَّيْرِ وَأُوتِينَا مِن كُلِّ شَيْءٍ ۖ إِنَّ هَٰذَا لَهُوَ الْفَضْلُ الْمُبِينُ ﴿١٦﴾
وَحُشِرَ لِسُلَيْمَانَ جُنُودُهُ مِنَ الْجِنِّ وَالْإِنسِ وَالطَّيْرِ فَهُمْ يُوزَعُونَ ﴿١٧﴾

---

اَندره فَلَمَّا جَآءَتْهُمْ اٰيٰتُنَا مُبْصِرَةً اوه پله وات تمن نشه سان آيات تہ معجزات تمه سيت تمن اچھ مُڑرنه آيه قَالُوْا هٰذَا سِحْرٌ مُّبِيْنٌ دپنه لگ بيه چھونون سحر اه تہ جوداه وَجَحَدُوْا بِهَا وَاسْتَيْقَنَتْهَآ اَنْفُسُهُمْ ظُلْمًا وَّعُلُوًّا بيه كور تمو تمن سانين آياتن انكار۔ حالانكه يقين آس كران تهنديان كه آيات چھه واقعى خدا ليه سندى طرفہ۔ مگر ظلمه كن تہ تكبره كن آسه اقرار كران فَانْظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُفْسِدِيْنَ پس وچھو تهه كياه آسه پچھ انجام مُفسدن ہُند۔ دُنياءس اندر سزاءِ غرق، آخرتس اندر سزاى حرق وَلَقَدْ اٰتَيْنَا دَاوٗدَ وَسُلَيْمٰنَ عِلْمًا پُز پاٹھ بيه كور اَسه عطا داود عليه السلامس تہ سليمان عليه السلامس شريعتك تہ پادشاہى ہُند بوڈ علم وَقَالَا الْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِيْ فَضَّلَنَا عَلٰى كَثِيْرٍ مِّنْ عِبَادِهِ الْمُؤْمِنِيْنَ تمو دو شوى دُوپ شُكر و ثنا تہ حمد بُوين تس معبود برحقس يمِ اسه فضيلت دِيت پنه نيو بندو اندره وار يمن پيٹھ وَوَرِثَ سُلَيْمٰنُ دَاوٗدَ وَقَالَ يٰاَيُّهَا النَّاسُ عُلِّمْنَا مَنْطِقَ الطَّيْرِ وَاُوْتِيْنَا مِنْ كُلِّ شَيْءٍ جانشين سپد سليمان عليه السلام داود عليه السلامس تهنده انتقاله پته۔ بيه دُوپ سليمان عليه السلامن، اى لُوكو اَسِ آى پچھنا ونه كتھه جانورن هنزه يِنه اَمه وراى بين پادشهن ميسّر سپد۔ بيه آو اَسه عطا كرنه تمو سارى چيز وَ اندره يمن هنز اَسه ضرورت آس، مثلاً فوج، لشكر، مال و دولت، آلاتِ حرب وغيره اِنَّ هٰذَا لَهُوَ الْفَضْلُ الْمُبِيْنُ پُز پاٹھ يُو ہے گو الله تعالىٰ سُند نون فضل وَحُشِرَ لِسُلَيْمٰنَ جُنُوْدُهٗ مِنَ الْجِنِّ وَالْاِنْسِ وَالطَّيْرِ فَهُمْ يُوْزَعُوْنَ بيه يُوسه لشكراه جمع آيه كرنه سليمان عليه السلامه سنده خيطره تتھ لشكره منز آس جن، انسان تہ جانور يم

حَتّٰٓى اِذَآ اَتَوۡا عَلٰى وَادِ النَّمۡلِۙ قَالَتۡ نَمۡلَةٌ يّٰۤاَيُّهَا النَّمۡلُ ادۡخُلُوۡا
مَسٰكِنَكُمۡ‌ۚ لَا يَحۡطِمَنَّكُمۡ سُلَيۡمٰنُ وَجُنُوۡدُهٗ ۙ وَهُمۡ لَا يَشۡعُرُوۡنَ ﴿۱۸﴾
فَتَبَسَّمَ ضَاحِكًا مِّنۡ قَوۡلِهَا وَقَالَ رَبِّ اَوۡزِعۡنِىۡۤ اَنۡ اَشۡكُرَ
نِعۡمَتَكَ الَّتِىۡۤ اَنۡعَمۡتَ عَلَىَّ وَعَلٰى وَالِدَىَّ وَاَنۡ اَعۡمَلَ صَالِحًا
تَرۡضٰٮهُ وَاَدۡخِلۡنِىۡ بِرَحۡمَتِكَ فِىۡ عِبَادِكَ الصّٰلِحِيۡنَ ﴿۱۹﴾ وَتَفَقَّدَ
الطَّيۡرَ فَقَالَ مَا لِىَ لَاۤ اَرَى الۡهُدۡهُدَ ۖ اَمۡ كَانَ مِنَ الۡغَآئِبِيۡنَ ﴿۲۰﴾

---

نہ بیہ کانسہ یاد شہس مُسخر کرنہ آمت آسِ۔ تِمے آسِ قاعدہ موجُب وارہ وارہ ٹھہراوٗ ٹھہراوِیوانِ پکناونہ یُتھ تم تہٕ واتن برو نٹھمِن سیتِ حَتّٰٓى اِذَآ اَتَوۡا عَلٰى وَادِ النَّمۡلِ حتی کہ یلہِ واژ سٕو لشکر ریہِ میدانس اندر قَالَتۡ نَمۡلَةٌ يّٰۤاَيُّهَا النَّمۡلُ ادۡخُلُوۡا مَسٰكِنَكُمۡ اَگہ ریہِ دُوپ ہارِیو، جلد اَژِو پنہ نین آلین منز لَا يَحۡطِمَنَّكُمۡ سُلَيۡمٰنُ وَجُنُوۡدُهٗ وَهُمۡ لَا يَشۡعُرُوۡنَ یُتھنہ سلیمان علیہِ السلام تہٕ تہنز لشکر بیخبری اندر توہہِ مانڈہ لتہ مُونجہ گرِہ۔ یہ بُوز سلیمان علیہِ السلامَن۔ فَتَبَسَّمَ ضَاحِكًا مِّنۡ قَوۡلِهَا تِموٗ کُملاوِ وُٹھ بیہ اُوسکھ امس ریہِ ہنزِ ہیہِ کتھ وننہ سیتِ۔ بیہِ کورُکھ تعجُب امس ریہِ ہُند یُوت لوکٹ جسم آستھ امہِ قسمچہِ ہُشیاری تہٕ گاٹہ جارُک۔ چنانچہِ پَن فوج روٹھ پتھ یُوتان سارے ریہِ ژلیہِ آلین منز۔ وَقَالَ رَبِّ اَوۡزِعۡنِىۡۤ اَنۡ اَشۡكُرَ نِعۡمَتَكَ الَّتِىۡۤ اَنۡعَمۡتَ عَلَىَّ وَعَلٰى وَالِدَىَّ سلیمان علیہِ السلامَس سپُد احساس امہِ نعمتُک کہ یُوبُوز نُووس اللہ تعالیٰ اَن ریہِ ہُند کلام۔ یہ نعمت تہٕ امہِ ورای بیہ نعمژ ژینس پیٹھ موٗنگھُ دُعا کہ ای میانہِ پروردگارہ توفیق دِمہِ بو کیا دِپہ چانین نعمژن ہُند شُکر ہمیشہ۔ یمہِ نعمژ ژہ مہِ عطا کرِتھ بیہ میانس مالس ماجہِ وَاَنۡ اَعۡمَلَ صَالِحًا تَرۡضٰٮهُ بیہِ دِم توفیق ہمیشہ رژہ عملہ کرنُک یمن پیٹھ ژہ راضی سپدَکھ وَاَدۡخِلۡنِىۡ بِرَحۡمَتِكَ فِىۡ عِبَادِكَ الصّٰلِحِيۡنَ بیہ واتناومہِ پننہِ رحمتہ سیتِ پننہ نین نیکوکار بندن منز یعنی حضراتِ انبیاءَن منز وَتَفَقَّدَ الطَّيۡرَ بیہ کورُکھ دوہہ معائینہ سلیمان علیہِ السلامَن جانورن ہُند تِمہِ ساتہ اُوس تہٕ ہُت غیر حاضر۔ فَقَالَ مَا لِىَ لَاۤ اَرَى الۡهُدۡهُدَ دوپُکھ مہِ کُس چیز سپُد مانع کہ بو چھُس نہ تہٕ ہُت وُچھان حاضر کیہہ

لَاُعَذِّبَنَّهٗ عَذَابًا شَدِيْدًا اَوْلَاَاذْبَحَنَّهٗٓ اَوْلَيَاْتِيَنِّيْ بِسُلْطٰنٍ
مُّبِيْنٍ ﴿٢١﴾ فَمَكَثَ غَيْرَ بَعِيْدٍ فَقَالَ اَحَطْتُّ بِمَا لَمْ تُحِطْ بِهٖ وَ
جِئْتُكَ مِنْ سَبَاٍۭ بِنَبَاٍ يَّقِيْنٍ ﴿٢٢﴾ اِنِّيْ وَجَدْتُّ امْرَاَةً تَمْلِكُهُمْ
وَاُوْتِيَتْ مِنْ كُلِّ شَيْءٍ وَّلَهَا عَرْشٌ عَظِيْمٌ ﴿٢٣﴾ وَجَدْتُّهَا وَقَوْمَهَا
يَسْجُدُوْنَ لِلشَّمْسِ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَزَيَّنَ لَهُمُ الشَّيْطٰنُ اَعْمَالَهُمْ
فَصَدَّهُمْ عَنِ السَّبِيْلِ فَهُمْ لَا يَهْتَدُوْنَ ﴿٢٤﴾ اَلَّا يَسْجُدُوْا لِلّٰهِ
الَّذِيْ يُخْرِجُ الْخَبْءَ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَيَعْلَمُ مَا تُخْفُوْنَ

---

تہِ اَمْ كَانَ مِنَ الْغَآئِبِيْنَ یِنہ واقعی چھُو سُو غیر حاضر لَاُعَذِّبَنَّهٗ عَذَابًا شَدِيْدًا بُہ کرہ تَس امہِ غیر حاضری خیطرہ سخت عذاب (تیرہ کڈس لیمت) اَوْلَاَاذْبَحَنَّهٗٓ نتہ کرس کھش اَوْلَيَاْتِيَنِّيْ بِسُلْطٰنٍ مُّبِيْنٍ تتے پیش کرِہ مہِ نشہِ پننہِ غیر حاضری ہُند معقول عذر راہ تیلہ کروس دَرگزر فَمَكَثَ غَيْرَ بَعِيْدٍ پَس رُود تمِ اتھ حالس منز کمہ سئ کالس کہ آوَتہ تُت۔ پُرژھہ ہَس ژہ کیازِہ اوسُکھ غیر حاضر بلا اجازت فَقَالَ اَحَطْتُّ بِمَا لَمْ تُحِطْ بِهٖ دوہُن بو آس سوی کتھ معلوم کَرِتھ یوسہ نہ توہہِ معلوم سپز مژھہ۔ وَجِئْتُكَ مِنْ سَبَاٍۭ بِنَبَاٍ يَّقِيْنٍ بو آس شہر سبا پیٹھہ اکھ تحقیقی خبراہ ہیتھ اِنِّيْ وَجَدْتُّ امْرَاَةً تَمْلِكُهُمْ یمیُک تفصیل چھُو یتھ پاٹھِہ کہ مہِ وچھہِ زناناہ اکھ تمہِ شہرہ کین لوکن حکومت کران۔ وَاُوْتِيَتْ مِنْ كُلِّ شَيْءٍ تَس چھُو حکومتہ کیو لوازموٗ اندرہ سورُوی کینہہ عطا کرنہ آمُت وَّلَهَا عَرْشٌ عَظِيْمٌ بیہ چھُوس تختاہ اکھ سیٹھاہ بَڈہ بوڈوی لعل وجواہر وسیتِ جٔرِتھ وَجَدْتُّهَا وَقَوْمَهَا يَسْجُدُوْنَ لِلشَّمْسِ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ بیہ وچھہ مہِ سُہ زنانہ بیہ تہند قوم آفتابس سجدہ دوان تہ پرستش کران خدائس ورای وَزَيَّنَ لَهُمُ الشَّيْطٰنُ اَعْمَالَهُمْ فَصَدَّهُمْ عَنِ السَّبِيْلِ فَهُمْ لَا يَهْتَدُوْنَ بیہ چھُو زینت دِیتمت شیطانن تہنزن کُفرہ چَن کامین تمن چھہ پننہِ ییچھ کامہِ رژہ بوزنہ یوان۔ تمِ چھہِ پیتھ رٹمتِ شیطانٔن سیزہ وَتہ نشہِ چھنہِ تمِ پزہ وَتہ

وَمَا تُعْلِنُونَ ﴿٢٥﴾ اَللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ رَبُّ الْعَرْشِ الْعَظِيْمِ ﴿٢٦﴾ السجدة
قَالَ سَنَنْظُرُ اَصَدَقْتَ اَمْ كُنْتَ مِنَ الْكٰذِبِيْنَ ﴿٢٧﴾ اِذْهَبْ بِّكِتٰبِيْ
هٰذَا فَاَلْقِهْ اِلَيْهِمْ ثُمَّ تَوَلَّ عَنْهُمْ فَانْظُرْ مَاذَا يَرْجِعُوْنَ ﴿٢٨﴾ قَالَتْ
يٰۤاَيُّهَا الْمَلَؤُا اِنِّيْۤ اُلْقِيَ اِلَيَّ كِتٰبٌ كَرِيْمٌ ﴿٢٩﴾ اِنَّهٗ مِنْ سُلَيْمٰنَ وَاِنَّهٗ
بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ﴿٣٠﴾ اَلَّا تَعْلُوْا عَلَيَّ وَاْتُوْنِيْ مُسْلِمِيْنَ ﴿٣١﴾ ع
قَالَتْ يٰۤاَيُّهَا الْمَلَؤُا اَفْتُوْنِيْ فِيْۤ اَمْرِيْ مَا كُنْتُ قَاطِعَةً اَمْرًا

---

پیٹھ پکان اَلَّا يَسْجُدُوْا لِلّٰهِ الَّذِيْ يُخْرِجُ الْخَبْءَ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ تا اینکہ تم چھنہٕ سجدہ دوان تس معبود برحقس یُس سیٹھاہ قدرتہٕ وول چھُو۔ یُس آسمان و زمینہ کین پوشیدہ چیزن نیبر کڈان چھُو وَيَعْلَمُ مَا تُخْفُوْنَ وَمَا تُعْلِنُوْنَ بیہ چھُو سُوی زانان تم چیز یم تُہہ دِلن منز کھٹان چھوِ ہیہ تم چیز زیوسیتہٕ تہٕ تانوسیتہٕ ظاہر کران چھوِہ اَللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ رَبُّ الْعَرْشِ الْعَظِيْمِ اللہ تعالیٰ ای چھُو یُس ورای نہ کانسہ ہنز عبادت گژھہِ کرنِ تس ورائے چھُونہ معبودی کانہہ۔ سُوی چھُو عرشِ عظیمُک مالِک قَالَ سَنَنْظُرُ اَصَدَقْتَ اَمْ كُنْتَ مِنَ الْكٰذِبِيْنَ سلیمان علیہِ السلامن دُوپ بیہ بُوزِت ستہٕ تُہس آسِ وچھوُنِ ژہٕ وونتھ پُوز کنہ ژہٕ چھُوک اپزونہ ونیو اندرہ اِذْهَبْ بِّكِتٰبِيْ هٰذَا فَاَلْقِهْ اِلَيْهِمْ اوہ ژہٕ گژھ بیہ میون خط ہیتھ سُوی تراو تمن نشہٕ ثُمَّ تَوَلَّ عَنْهُمْ فَانْظُرْ مَاذَا يَرْجِعُوْنَ توپتہٕ ڈل ژہٕ تمن نشہٕ اوگن پہن۔ پس وچھ ژہٕ تم کیاہ کتھ بات کرن پانہ وانِ قَالَتْ يٰۤاَيُّهَا الْمَلَؤُا اِنِّيْۤ اُلْقِيَ اِلَيَّ كِتٰبٌ كَرِيْمٌ تمہٕ زنانہ یُوسہ تمہٕ ملکچ پادشاہ آس دُوپ پننہ قومہ کین سردارن، ای معززلوکو، پرٕ پاٹھ مہ گن آوتراونہ مہر کرتِ اکھ باوقعت عظیم الشان خطاہ اکھ اِنَّهٗ مِنْ سُلَيْمٰنَ وَاِنَّهٗ بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ سُوی خط چھُو سُلیمانہ سندہ طرفہ۔ تتھ منز چھُو یہ مضمون لیکھِت بسم اللہ الرحمٰن الرحیم اَلَّا تَعْلُوْا عَلَيَّ وَاْتُوْنِيْ مُسْلِمِيْنَ توپتہٕ چھُو خطک مضمون ای کہہٕ سرکشی مہٕ کرِو تُہہ لوک۔ یعنی یہ زنانہ بلقیس بیہ تہند اعیانِ سلطنت بیہ ساری عام لوکھ، بیہ سپدِو حاضر تُہہ مہ نشہٕ، فرمانبردار بنت۔ قَالَتْ يٰۤاَيُّهَا الْمَلَؤُا اَفْتُوْنِيْ فِيْۤ اَمْرِيْ دپنہٕ لجھ ای

حَتّٰى تَشْهَدُوْنِ ﴿٣٢﴾ قَالُوْا نَحْنُ اُولُوْا قُوَّةٍ وَّاُولُوْا بَاْسٍ شَدِيْدٍ ۙ۬
وَّالْاَمْرُ اِلَيْكِ فَانْظُرِيْ مَاذَا تَاْمُرِيْنَ ﴿٣٣﴾ قَالَتْ اِنَّ الْمُلُوْكَ
اِذَا دَخَلُوْا قَرْيَةً اَفْسَدُوْهَا وَجَعَلُوْٓا اَعِزَّةَ اَهْلِهَآ اَذِلَّةً ۚ وَ
كَذٰلِكَ يَفْعَلُوْنَ ﴿٣٤﴾ وَاِنِّيْ مُرْسِلَةٌ اِلَيْهِمْ بِهَدِيَّةٍ فَنٰظِرَةٌۢ بِمَ
يَرْجِعُ الْمُرْسَلُوْنَ ﴿٣٥﴾ فَلَمَّا جَآءَ سُلَيْمٰنَ قَالَ اَتُمِدُّوْنَنِ بِمَالٍ فَمَآ

---

مُعزز لوڪو تہ ڏيو مشوره مون کي منهنجي معاملي اندر. مون ڪياه گڏهه سليمان عليہ السلام سيت ٿيڌ معاملي اندر ڪرڻ مَاكُنْتُ قَاطِعَةً اَمْرًا حَتّٰى تَشْهَدُوْنِ بو ڇهن نہ زانهه تہ ڪنهه معاملڪ فيصلہ ڪران يو تان نہ تهہ تہ مشورس شامل آسيو قَالُوْا نَحْنُ اُولُوْا قُوَّةٍ وَّاُولُوْا بَاْسٍ شَدِيْدٍ تمو دوپس اُسِ ڇهہ پنہ طرفہ پر ٿيڌ وقتہ حاضر. هرگاه مقابلہ تہ جنگ ڪرنگ تجويز آسہ تمہ خيطره تہ ڇهہ اُسِ تيار. اُسِ ڇهہ طاقتہ والِ بيہ سخت قوتہ والِ مقابلس اندر وَالْاَمْرُ اِلَيْكِ فَانْظُرِيْ مَاذَا تَاْمُرِيْنَ مگر اختيار ڇهوڙي اتهہ. ڙي ڊچهہ ڪياه گڙهہ جان. يُس حڪم ڙه ڪرکهہ اَسہ اُسِ ڇهہ تتهہ حُڪمس ڪرنہ خيطره تيار قَالَتْ اِنَّ الْمُلُوْكَ اِذَا دَخَلُوْا قَرْيَةً اَفْسَدُوْهَا وَجَعَلُوْٓا اَعِزَّةَ اَهْلِهَآ اَذِلَّةً تمہ بلقيسہ وونکھ، يہ ڇهو پوز، مگر ٿيڌ منز تہ ڇهونہ ڪانهہ شڪھ کہ پادشاه يلہ ڪنهہ شهرس منز فاتحانہ اڙان ڇهہ تم ڇهہ تتهہ شهرس تباه ڪران بيہ ڇهہ تتہ ڪين معزّز لوڪن ذليل ڪران، ذليل لوڪن بارسس انان. اسے تمن سيت مُقابلہ ڪور. مُمکن ڇهوتےِ گڙهن اَسہ پيٹھ غالب. وَكَذٰلِكَ يَفْعَلُوْنَ تم لوڪ تہ ڪرن تی. لهذا ڇهہ مصلحت يہے کہ تان تهاوِ اسِ جنگ ڪرن ملتوی. وِنڪس ڇهومہ بوزنہ يوان. کہ وَاِنِّيْ مُرْسِلَةٌ اِلَيْهِمْ بِهَدِيَّةٍ فَنٰظِرَةٌۢ بِمَ يَرْجِعُ الْمُرْسَلُوْنَ ميان راي ڇهہ واتان کہ بو سوزه تمن نِشہ ڪينهہ تحفہ. تو پتہ وڇهہ بو تمڪ جواب ڪياه هيٿهہ يِن تمِ شخص تمن اتهہ اُسِ سُو هديہ سوزو فَلَمَّا جَآءَ سُلَيْمٰنَ قَالَ اَتُمِدُّوْنَنِ بِمَالٍ تو پتہ يلہ قاصدوڏت تمِ تحفہ هيٿهہ سليمان عليہ السلامس نِشہ. سليمان عليہ السلامن دوپس ڪياه تُهہ ڇهوه پنہ مالہ سيت مہ مدد ڪرن يڙهان فَمَآ اٰتٰىنِۦَ اللّٰهُ خَيْرٌ مِّمَّآ اٰتٰىكُمْ مہ ڇهنہ تِچ ضرورت ڪينهہ تہ ڪيازِ مہ يہ ڪنيڙهاه

اٰتٰىنِۦَ اللّٰهُ خَيْرٌ مِّمَّآ اٰتٰىكُمْ ۚ بَلْ اَنْتُمْ بِهَدِيَّتِكُمْ تَفْرَحُوْنَ ﴿٣٦﴾ اِرْجِعْ
اِلَيْهِمْ فَلَنَاْتِيَنَّهُمْ بِجُنُوْدٍ لَّا قِبَلَ لَهُمْ بِهَا وَلَنُخْرِجَنَّهُمْ مِّنْهَآ
اَذِلَّةً وَّهُمْ صٰغِرُوْنَ ﴿٣٧﴾ قَالَ يٰٓاَيُّهَا الْمَلَؤُا اَيُّكُمْ يَاْتِيْنِيْ بِعَرْشِهَا
قَبْلَ اَنْ يَّاْتُوْنِيْ مُسْلِمِيْنَ ﴿٣٨﴾ قَالَ عِفْرِيْتٌ مِّنَ الْجِنِّ اَنَا اٰتِيْكَ
بِهٖ قَبْلَ اَنْ تَقُوْمَ مِنْ مَّقَامِكَ ۚ وَاِنِّيْ عَلَيْهِ لَقَوِيٌّ اَمِيْنٌ ﴿٣٩﴾

---

اللّٰہ تعالٰی اَن عطا کورمُت چھُو تہٕ چھُو سیٹھاہ بہتر تمہٕ خوتہ ییہ تۄہہ دُیتمُت چھُنوہ۔ تۄہہ چھُنوہ دُیتمُت حکومت وِدَولتھی یُوت، مےٚ چھُون عطا کورمُت نبوّت و سلطنت۔ تۄہہ نِشہٕ چھُو دُنیامنہ نِشہٕ چھُو دین تہٕ۔ بَلْ اَنْتُمْ بِهَدِيَّتِكُمْ تَفْرَحُوْنَ بلکہٕ چھِوہ تۄہۍ پننہٕ تحفہ سیتۍ خوش (ویژان چھُونہ کُنہٕ) اَسہٕ نِشہٕ چھُونہ تِمن چیزن اعتبار کینہہ اِرْجِعْ اِلَيْهِمْ ای قاصد واپس گژھہٕ تِمن نِشہٕ تِمو سوزکھ تِم ساری تحفہ دِکھ پھیرِت فَلَنَاْتِيَنَّهُمْ بِجُنُوْدٍ لَّا قِبَلَ لَهُمْ بِهَا ہرگاہ تِم اَسہٕ نِشہٕ فرمانبرداری سان حاضر سپدن تہٕ گوجان ورنہ واتوا اَسِ تِمن نِشہٕ سۄہ لشکر ہیتھ تِمن سیتۍ مقابلہ کرنک تِمن طاقتھی آسنہ۔ وَلَنُخْرِجَنَّهُمْ مِّنْهَآ اَذِلَّةً وَّهُمْ صٰغِرُوْنَ بیہ کڈو کھ تِم تِمہٕ شہرہ منزہ ذلیل کٔرِت تہٕ خوار گژھِت، تِم قاصدن یلہٕ تِم تحفہ واپس واتہ ناوِ بیہ باوٕن سورُوی حال بلقیس نِشہٕ۔ سۄ سپز سلیمان علیہ السلام سندیو کمالاتو سیتۍ کافی متاثر، بیہ سپدِس یقین تِہندِ پیغمبر آسنک چنانچہ ارادہ کرُن سلیمان علیہ السلامس نِشہٕ حاضر سپدنک، سلیمان علیہ السلامس سپُد معلوم وحیہ سیتۍ یا بیہ کُنہٕ ذریعہ کہ سۄ سپز روانہ تِمن نِشہٕ حاضر سپدنہ خیطرہ قَالَ يٰٓاَيُّهَا الْمَلَؤُا اَيُّكُمْ يَاْتِيْنِيْ بِعَرْشِهَا قَبْلَ اَنْ يَّاْتُوْنِيْ مُسْلِمِيْنَ سلیمان علیہ السلام فرمووپنہ نین معزز لُوکن اہل دربارن، تۄہہ اَندرہ کُہہ اکھاہ دِیہ مےٚ نِشہٕ واتہ ناوِت تسند تخت، تِمسندہ فرمانبردار سپدِت مےٚ نِشہٕ واتنہ برونٹھے۔ قَالَ عِفْرِيْتٌ مِّنَ الْجِنِّ اک قوی ہیکل جِنن اکِ دوپ اَنَا اٰتِيْكَ بِهٖ قَبْلَ اَنْ تَقُوْمَ مِنْ مَّقَامِكَ بۄ دِمَن سۄ تخت تۄہہ نِشہٕ اِنت، تُہندِ دربارہ نِشہٕ وۄتھنہ برونٹھ وَاِنِّيْ عَلَيْهِ لَقَوِيٌّ اَمِيْنٌ مےٚ چھُو تمِچہٕ تُلنک کافی طاقت۔ بۄ واتہ ناون سۄ تۄہہ نِشہٕ امانتداری سان۔ سلیمان علیہ السلامن دوپُس۔

قَالَ الَّذِيْ عِنْدَهٗ عِلْمٌ مِّنَ الْكِتٰبِ اَنَا اٰتِيْكَ بِهٖ قَبْلَ
اَنْ يَّرْتَدَّ اِلَيْكَ طَرْفُكَ ؕ فَلَمَّا رَاٰهُ مُسْتَقِرًّا عِنْدَهٗ قَالَ
هٰذَا مِنْ فَضْلِ رَبِّيْ ۖ لِيَبْلُوَنِيْٓ ءَاَشْكُرُ اَمْ اَكْفُرُ ؕ وَمَنْ
شَكَرَ فَاِنَّمَا يَشْكُرُ لِنَفْسِهٖ ۚ وَمَنْ كَفَرَ فَاِنَّ رَبِّيْ غَنِيٌّ
كَرِيْمٌ ﴿٤٠﴾ قَالَ نَكِّرُوْا لَهَا عَرْشَهَا نَنْظُرْ اَتَهْتَدِيْٓ اَمْ تَكُوْنُ
مِنَ الَّذِيْنَ لَا يَهْتَدُوْنَ ﴿٤١﴾ فَلَمَّا جَآءَتْ قِيْلَ اَهٰكَذَا

امہِ خوتہ جلد پھن گوڑھہ سُوواتُن قَالَ الَّذِيْ عِنْدَهٗ عِلْمٌ مِّنَ الْكِتٰبِ اکھ شخصاہ اوس یمس نشہِ آسمانی کتابن ہند علم اُوس۔ سوگو آصف بن برخیا۔ تمو دوپ امس جنس بس چون طاقت چھا یتوی اَنَا اٰتِيْكَ بِهٖ قَبْلَ اَنْ يَّرْتَدَّ اِلَيْكَ طَرْفُكَ بو واتناون سُو تخت ژہ نشہِ اکس اِچھہِ ٹیٹھ اندر۔ بعضیو فرموو الذی عنده علم من الکتاب۔ امہِ اَندرہ چھُو مُراد پانہ سلیمان علیہ السلام۔ تموی واتنوو سُو تخت اکس اچھہ ٹیٹھ اندر پننہِ روحانی طاقتہ سیتِ فَلَمَّا رَاٰهُ مُسْتَقِرًّا عِنْدَهٗ قَالَ هٰذَا مِنْ فَضْلِ رَبِّيْ چناچہ یلہِ تموٗ چھ سُو تخت پانس برونٹھ کنہِ، شکر دِپان دوپکھ یہِ چھو میانس پروردِگارہ سُند بوڈ فضل تہ مہربانی لِيَبْلُوَنِيْٓ ءَاَشْكُرُ اَمْ اَكْفُرُ یُتھ سُو مےِ امتحان تہ آزمائش کرِہ کہِ آیا بو کرا تمسنز شکرگذاری کِنہ نعوذ باللہ بُو کرہ کُفران نعمت وَمَنْ شَكَرَ فَاِنَّمَا يَشْكُرُ لِنَفْسِهٖ یہِ کتھ چھ ظاہر کہ یُس شکرگذاری کرِہ۔ تس چھُونہ تمیک فائدہ مگر پانسی۔ اللہ تعالیٰ اَس چھُنہ تمیک کانہہ نفع وَمَنْ كَفَرَ یتھے پاٹھِ یُس کُفرانِ نعمت کرِہ۔ تس تہِ چھُو تمیُک نقصان پانسی۔ اللہ تعالیٰ اَس چھُونہ تمیُک کانہہ نقصان فَاِنَّ رَبِّيْ غَنِيٌّ كَرِيْمٌ کیازِہ میون پروردگار چھُو بے نیاز لُوکن ہندِہ شُکرگُذاری نشہِ۔ سُو چھُو کریم ناشکری عطا کرہ وِنین تہِ چھُو عطا کران سُو۔ قَالَ نَكِّرُوْا لَهَا عَرْشَهَا نَنْظُرْ اَتَهْتَدِيْٓ اَمْ تَكُوْنُ مِنَ الَّذِيْنَ لَا يَهْتَدُوْنَ تمہِ پتہ کور سلیمان علیہ السلامن تجویز کہِ اتھ تخٗتس تمسندِس بدلاوِو صوٗرت۔ اَسِ کرو تمسنزہ عقلہِ امتحان۔ اَسِ وچھو تمس یِیاوَ تھ پنُن تخت پرزہ ناوُن گُن۔ کِنہ سو چھہ تمو لوکو اَندرہ یمن نہ کانہہ اتھ وتھاہ چھہ یوان

عَرۡشُكِ ؕ قَالَتۡ كَاَنَّهٗ هُوَ ۚ وَاُوۡتِيۡنَا الۡعِلۡمَ مِنۡ قَبۡلِهَا وَ
كُنَّا مُسۡلِمِيۡنَ ﴿۴۲﴾ وَصَدَّهَا مَا كَانَتۡ تَّعۡبُدُ مِنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ ؕ
اِنَّهَا كَانَتۡ مِنۡ قَوۡمٍ كٰفِرِيۡنَ ﴿۴۳﴾ قِيۡلَ لَهَا ادۡخُلِى الصَّرۡحَ ۚ
فَلَمَّا رَاَتۡهُ حَسِبَتۡهُ لُجَّةً وَّكَشَفَتۡ عَنۡ سَاقَيۡهَا ؕ قَالَ اِنَّهٗ

---

بے عقلی سَبہٕ۔ فَلَمَّا جَآءَتۡ قِيۡلَ اَهٰكَذَا عَرۡشُكِ تو پتہ یلہ سۆ بلقیس آیہٕ۔ وننہ آس یُتھوی
چھاچون تخت قَالَتۡ كَاَنَّهٗ هُوَ دوپُن زَن تہ سُوی چھُو وَاُوۡتِيۡنَا الۡعِلۡمَ مِنۡ قَبۡلِهَا وَ كُنَّا مُسۡلِمِيۡنَ
بیہِ دوپُن اَسہِ اُوس بیہِ معجزہ وُچھنہٕ برونٹھی تُہندِہ پیغمبر آسنک تصدیق سپدمُت بیہِ آسِ مطیع و فرمانبردار
سپدمتِ۔ یلہِ اسہِ قاصدہ سندہ ذریعہ تُہند کمالات معلوم سپدِ متہٕ آسِ۔ یمہِ معجزچ آس نہ چندان
ضرورت رُوزمژ بیہِ معجزہ وُچھنہ برونٹھ تمسُند تصدیق کرُن چھُو دلالت کران تمسندِس کمالِ عقل وگاٹہ
جارس پیٹھہ۔ تمی متوکھہ کوراللہ تعالیٰ ان پتہ تسندِس گاٹہ جارس تائیدیہ فرماونہ سیت کہ وَصَدَّهَا
مَا كَانَتۡ تَّعۡبُدُ مِنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ تمہِ آسہا ایمان اوُنمت۔ مگر سو آس پتھ رٹمژ ایمان اننہ نِشہِ تمو
چیزو یمن چیزن ہندِہ پرستش کرنک خدائس ورای عادت اوُس سپُدمت۔ سُو عادت کیازِہ اَوس
سپدمُت اِنَّهَا كَانَتۡ مِنۡ قَوۡمٍ كٰفِرِيۡنَ کیازِہ سو آس کافِر قومہ منزہ۔ تمہِ پتہ یُوژھہ سُلیمان علیہ
السلامن کہ اِمس بلقیسہِ ہاوُائس معجزہ تہ شانِ نبوّت ہاونہ پتہ پننہ سلطنتک شان تہِ۔ تانیکہِ یُتھنہ سو
زانہہ دُنیاءکہِ اعتبارہ پننِ پان زانہ بوڈ۔ چنانچہ تمو بنوواکھ عظیمُ الشان شیشہِ گراہ۔ یتھہ پریتھ طرفہ لاگنہ
آمتِ آسِ شیشے شیشہِ۔ تمہِ کسِ صحٕن منزاوس اکھ تلاواہ آمُت بناونہ تتھ منزاوس آبِ صاف۔ بیہِ
گاڑہ تراونہ آمژہ۔ پیٹھ اوس تتھ تلاوس فرش دِنہ آمُت صاف وشفاف شیشن ہُند۔ ظاہرہ پاٹھِ آسِ نہ
تمِ شیشہِ بُوزنے یِوان۔ سُو تلاواُوس آنگنس منز۔ یمہِ پیٹھہ شیشہ محلس منز اژنہ خیطرہ ضرور پکُن اُوس
پیوان قِيۡلَ لَهَا ادۡخُلِى الصَّرۡحَ فَلَمَّا رَاَتۡهُ تَس بلقیسہِ آوونہ اژھہ یمہِ آنگنہ منزہ یتھ کمرس اندر۔
یُس ہے کمرہ ماکر ک ژہ پسند پننہ قیام گاہہ خیطرہ۔ یُس یلہِ تمہِ سُو آنگُن وُچھ اندر اَژت حَسِبَتۡهُ لُجَّةً

صَرۡحٌ مُّمَرَّدٌ مِّنۡ قَوَارِيۡرَ ۬ؕ قَالَتۡ رَبِّ اِنِّىۡ ظَلَمۡتُ نَفۡسِىۡ وَ
اَسۡلَمۡتُ مَعَ سُلَيۡمٰنَ لِلّٰهِ رَبِّ الۡعٰلَمِيۡنَ ﴿۴۴﴾ وَلَقَدۡ اَرۡسَلۡنَاۤ اِلٰى
ثَمُوۡدَ اَخَاهُمۡ صٰلِحًا اَنِ اعۡبُدُوا اللّٰهَ فَاِذَا هُمۡ فَرِيۡقٰنِ
يَخۡتَصِمُوۡنَ ﴿۴۵﴾ قَالَ يٰقَوۡمِ لِمَ تَسۡتَعۡجِلُوۡنَ بِالسَّيِّئَةِ قَبۡلَ
الۡحَسَنَةِ ۚ لَوۡلَا تَسۡتَغۡفِرُوۡنَ اللّٰهَ لَعَلَّكُمۡ تُرۡحَمُوۡنَ ﴿۴۶﴾

---

آنگنہ کسِ تلاوس گوس خیال یہِ ماچھُو دریاوٕ اتھ آنگنس منز وَكَشَفَتۡ عَنۡ سَاقَيۡهَا تمِ مۆکھہِ کھار تمہِ ایزار نٕرِ گرو ژُونشہِ تھود۔ گُروزہ تھاوِن نٕئے یتھِ پاٹھہ آبس منز وسنہ خیطرہ کانہہ تھاوان چھُو قَالَ سلیمان علیہِ السلامن دوپُس یلہِ تمن نظرِ پیہِ اتھ پیٹھ اِنَّهٗ صَرۡحٌ مُّمَرَّدٌ مِّنۡ قَوَارِيۡرَ ای بلقیس یہِ چھُو سوٗرُوی محل۔ آنگُن ہیتھ چھُو فرش کرنہ آمُت شیشو سیت۔ تمہِ ساتہ سپُد معلوم بلقیسہِ کہ یتہِ چھہِ دُنیوی عجائیب چیزٕ تہ تمہِ قسمکِ تم نہ مہِ ازتام وُچھمتی چھہِ۔ چنانچہ تہندِس دِلس اندر سپز پریتھ طریقہ سلیمان علیہِ السلامہ سنز پُورو وُقعت تہ عظمت پیدہ قَالَتۡ رَبِّ اِنِّىۡ ظَلَمۡتُ نَفۡسِىۡ تمہِ ساتہ دُوپ تمہِ پرودگارا مہِ کور ظُلم پانِ پانَس کُفرہ تہ شِرکہ سیتِ ازتام وَاَسۡلَمۡتُ مَعَ سُلَيۡمٰنَ لِلّٰهِ رَبِّ الۡعٰلَمِيۡنَ اَز چھَس بُہ مُسلمان سپدان۔ ایمان انان سلیمان علیہِ السلامَس سیتِ یعنی تہندہِ طریقہ موجب چھَس پرٛتھ کران تَس معبُود برحقّس یُس عالمین ہُند ربّ چھُو یِتھے گٔیہ بلقیس۔ چنانچہ سلیمان علیہ السلامن کور تو پتہ تمن سیتِ نکاح وَلَقَدۡ اَرۡسَلۡنَاۤ اِلٰى ثَمُوۡدَ اَخَاهُمۡ صٰلِحًا اَنِ اعۡبُدُوا اللّٰهَ پتہٕ پاٹھ بیہِ سوٗزٕ اَسہِ قوم ثمُودس کُن بوٗی تہند صالح علیہِ السلام یُوسے پیغام ہیتھ کہ شِرک تراوِت کٔرِو تہ عبادت معبُود برحقّہ سنز۔ تمن پیٹھِ ہاساری انہ ہَن تمِ ایمان فَاِذَا هُمۡ فَرِيۡقٰنِ يَخۡتَصِمُوۡنَ پَس سپزہ تمہِ زہ جماژ باایمان تہ کافر تمے آسِ پانہ وانِ ہَرہ ہَرٕ تہ قضیہ کران۔ تُہند قضیہ یلہِ ووت صالح علیہِ السلامَس نشہِ تمو دیت فیصلہ باایمانن ہندہ حقہ۔ کافر لگِ ونہِ یمہِ عذابک بیم تُہہ اَسہِ کران چھوہ سُو عذاب انِو جلد قَالَ يٰقَوۡمِ لِمَ تَسۡتَعۡجِلُوۡنَ بِالسَّيِّئَةِ قَبۡلَ الۡحَسَنَةِ تمو دوپہک ای لُوکو تُہہ کیازہ چھوہ توبہ

قَالُوا اطَّيَّرْنَا بِكَ وَبِمَنْ مَّعَكَ ۚ قَالَ طٰٓئِرُكُمْ عِنْدَ اللّٰهِ بَلْ
اَنْتُمْ قَوْمٌ تُفْتَنُوْنَ ﴿٤٧﴾ وَكَانَ فِي الْمَدِيْنَةِ تِسْعَةُ رَهْطٍ يُّفْسِدُوْنَ
فِي الْاَرْضِ وَلَا يُصْلِحُوْنَ ﴿٤٨﴾ قَالُوْا تَقَاسَمُوْا بِاللّٰهِ لَنُبَيِّتَنَّهٗ وَ
اَهْلَهٗ ثُمَّ لَنَقُوْلَنَّ لِوَلِيِّهٖ مَا شَهِدْنَا مَهْلِكَ اَهْلِهٖ وَاِنَّا لَصٰدِقُوْنَ ﴿٤٩﴾

---

کرنہ تہ ایمان اَنہ برونٹھ یُس رُت چیزاہ چھُو، عذاب ژھانڈان۔ یُس بچھ چیزاہ چھُو۔ توہہِ پزہ ہاکہ عذابُک وعید بوزت ایمان اَنُن تہ پڑھہ کرِن۔ تتھ برعکس چھوِہ تُہہ عذابہ کُوی درخواست کران۔ یہ گوسیٹھاہ بےپَروالاگُن۔ لَوْلَا تَسْتَغْفِرُوْنَ اللّٰهَ لَعَلَّكُمْ تُرْحَمُوْنَ اتھ بدل کونہ چھوِہ تُہہ اللہ تعالیٰ اَس کُفرہٕ نِشہ مغفرت منگان دیو توہہِ پیٹھ رحم اِیہ کرنہ۔ عذابہ نِشہِ اِیہ ہِو محفُوظ تھاونہ قَالُوا اطَّيَّرْنَا بِكَ وَبِمَنْ مَّعَكَ تِموٚ دُوپ ہَس اَسِ چھتِ ژہ بیہ تِمِ ژہ سیتِ چھہِ پھیٚشِل زانان کیازِہ یتہِ پیٹھ توہہِ یہ نوو مذہب کوڈوہ، تُہنزِ یہِ نو جماعت پیدہ سپز تَتہِ پیٹھ سپز قومس منز بےاتفاقی۔ نااتفاقی ہنزہ تِمہِ خرابیہ چھہ تمہِ سپزہ سارے ظاہر۔ لہذا چھُوہ تۄہی تِمن خرابین ہندِہ ذمہ دار قَالَ صالح علیہ السلام من فرموٗکھ طٰٓئِرُكُمْ عِنْدَ اللّٰهِ تُہندِہ نحوستُک سَبَب چھُو اللہ تعالیٰ اَس معلوم۔ تُہنزہ کُفر چہ تہ شرکچہ کامہِ چھہ اللہ تعالیٰ اَس معلوم۔ تِمہِ سختیہِ چھہ یِمنی کامین ہندِہ شامتہ توہہِ واتان۔ چنانچہ سۄی نااتفاقی چھہ بچھ تہ مذموم یوسہ پزِ س تہ حقّس خِلاف کرنہ سیتِ سپدہِ۔ لہذا اسپدہ نہ امیُک الزام باایمانن پیٹھہ بلکہ چھُو امیُک الزام کافرن۔ وُنہ کوت واتوہ تُہہ۔ بَلْ اَنْتُمْ قَوْمٌ تُفْتَنُوْنَ بلکہِ چھوِہ تُہہ تِم لُوک تِمِ امہِ کُفرہ سببہ عذابس گرفتارین کرنہ وَكَانَ فِي الْمَدِيْنَةِ تِسْعَةُ رَهْطٍ يُّفْسِدُوْنَ فِي الْاَرْضِ وَلَا يُصْلِحُوْنَ یتھ پاٹھ آس اتھ شہرس اندر کافرن ہنز کثرت۔ لیکن تہند سرغنہ آسِ اَتھ شہرس اندر نو جماژ تِمہِ مُلکس منز تباہی کران آسہ۔ کُنہِ قسمہ سنبھالان آسہ نہ۔ بلکہ آسِ فسادی فساد کران۔ چنانچہ اکہ پھِرِ کورُکھ یہِ فساد کرنُک اِرادہ قَالُوْا تَقَاسَمُوْا بِاللّٰهِ وننہِ لگِ پانہ وانِ کہِ تُہہ ساری کَرِو قسم خدایہ سُند یتھ کتھہ پیٹھ کہ لَنُبَيِّتَنَّهٗ وَ اَهْلَهٗ ثُمَّ لَنَقُوْلَنَّ لِوَلِيِّهٖ مَا شَهِدْنَا مَهْلِكَ اَهْلِهٖ اَسِ گژھو راتکُیت تو پتہ کرِو حملہ صالح

وَمَكَرُوا مَكْرًا وَّمَكَرْنَا مَكْرًا وَّهُمْ لَا يَشْعُرُونَ ﴿٥٠﴾ فَانْظُرْ كَيْفَ
كَانَ عَاقِبَةُ مَكْرِهِمْ ۙ أَنَّا دَمَّرْنٰهُمْ وَقَوْمَهُمْ أَجْمَعِيْنَ ﴿٥١﴾ فَتِلْكَ
بُيُوْتُهُمْ خَاوِيَةً ۢ بِمَا ظَلَمُوْا ۗ إِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيَةً لِّقَوْمٍ يَّعْلَمُوْنَ ﴿٥٢﴾
وَأَنْجَيْنَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَكَانُوْا يَتَّقُوْنَ ﴿٥٣﴾ وَلُوْطًا إِذْ قَالَ
لِقَوْمِهٖٓ أَتَأْتُوْنَ الْفَاحِشَةَ وَأَنْتُمْ تُبْصِرُوْنَ ﴿٥٤﴾ أَئِنَّكُمْ

---

ڇپيس پيٺھ۔ تنھ اندر ماروں سُو ھيءُ ٿھند اھل و عيال ٻيھ تھنز ساري جماعت۔ تمہِ پتہ ھر گاہ تحقيقاتچ نوبت آيہ اَسِ وَنو، تمسندِ س وُليس تہ تھندين وارثن، اَسِ آس نہ شامل اَمِس تہ امسندِ ہ عيالہ کسِ مارنس اندر وَإِنَّا لَصَادِقُوْنَ سيتِ ونواَسِ پھہِ واقعی پُوزونہ ونِ۔ اتھ پيٺھ آسہِ نہ اسہِ اختلاف مُوقعک کانہہ گواہ۔ معاملہ دبہِ تہِ تھے۔ تو پتہ درای تمِ اکہ شبہ يہ کوم کرنہ خيطرہ وَمَكَرُوا مَكْرًا وَّمَكَرْنَا مَكْرًا وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ تمِ آسِ پننہِ جايہ امہِ قسمکِ تدبير کران۔ اَسِ تہِ آسِ پننہِ جايہِ تھندہِ گالنک تدبير کران۔ تمن رُوزنہ ڪچ خبری۔ سُو گوای کہ تمِ يلہِ يہ کوم کرنہ خيطرہ ڇان آسِ اکہِ کوہہ پيٺھ گواکھ بوڈپلاہ ڈُلہ يُوے پيو سيو ديمنی پيٺھ۔ تنھ تل گرِ ڇھتھ مُودِ ساری۔ فَانْظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ مَكْرِهِمْ يُس وچھ ژہ ای وچھوِنہِ کہ تھندين تدبيرن ھُند انجام کياہ سپُد۔ أَنَّا دَمَّرْنٰهُمْ وَقَوْمَهُمْ أَجْمَعِيْنَ سو گوہی زِہ اَسہِ گالِ تمِ ٻيھ ٿھند قوم سورُوی امہِ علاوہ آسمانی عذابہ سيتِ فَتِلْكَ بُيُوْتُهُمْ خَاوِيَةً يکيا ڇھہِ گرہ تھندِ دبہ بيٺھمتِ، ويران گمت بِمَا ظَلَمُوْا تھندہِ ظُلمہ يعنی کُفر تہ شرک کرنکہِ سببہ۔ چنانچہ مکک لُوکھ ڇھہِ شام گژھنچہِ وَتہِ اندر تمہِ جايہِ وچھان إِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيَةً لِّقَوْمٍ يَّعْلَمُوْنَ پزِ پاٹھ اتھ منز ڇھہ ٻڈ حيرت زانہ وَنين لُوکن ھندہِ خيطرہ وَأَنْجَيْنَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَكَانُوْا يَتَّقُوْنَ ٻيھ دُيت اسہِ نجات تمن لوکن يمو ايمان اُون ٻيھ آسِ خدايس کھوژان۔ يتھ روزان شرک وکُفرہ نِشہِ۔ تمہِ قتلہ نِشہِ تہِ يمِک تمو مشورہ کريوو۔ ٻيھ امہِ قھری عذابہ نِشہِ تہِ۔ وَلُوْطًا ٻيھ سُوز اسہِ لوط عليہ السلام پننہ نِس قومس کُن۔ إِذْ قَالَ لِقَوْمِهٖٓ أَتَأْتُوْنَ الْفَاحِشَةَ وَأَنْتُمْ تُبْصِرُوْنَ يلہِ تمو دوپ پننہ نِس قومس کہ کياہ تُھہ ڇھوِہ يہ بيچھ کام کران۔ حالانکہ

لَتَاْتُوْنَ الرِّجَالَ شَهْوَةً مِّنْ دُوْنِ النِّسَآءِ ؕ بَلْ اَنْتُمْ قَوْمٌ
تَجْهَلُوْنَ ﴿۵۵﴾ فَمَا كَانَ جَوَابَ قَوْمِهٖۤ اِلَّاۤ اَنْ قَالُوْۤا اَخْرِجُوْۤا اٰلَ
لُوْطٍ مِّنْ قَرْيَتِكُمْ ۚ اِنَّهُمْ اُنَاسٌ يَّتَطَهَّرُوْنَ ﴿۵۶﴾ فَاَنْجَيْنٰهُ وَ
اَهْلَهٗۤ اِلَّا امْرَاَتَهٗ ۫ قَدَّرْنٰهَا مِنَ الْغٰبِرِيْنَ ﴿۵۷﴾ وَ اَمْطَرْنَا
عَلَيْهِمْ مَّطَرًا ۚ فَسَآءَ مَطَرُ الْمُنْذَرِيْنَ ﴿۵۸﴾ ع قُلِ الْحَمْدُ لِلّٰهِ وَسَلٰمٌ
عَلٰى عِبَادِهِ الَّذِيْنَ اصْطَفٰى ؕ آٰللّٰهُ خَيْرٌ اَمَّا يُشْرِكُوْنَ ﴿۵۹﴾

---

تُہہ چھوِہ وچھان یہ کرڑھ بیچھ کام چھہ۔ اَئِنَّكُمْ لَتَاْتُوْنَ الرِّجَالَ شَهْوَةً مِّنْ دُوْنِ النِّسَآءِ کیاہ تُہہ
چھوِہ مردن نشہِ یوان پنن شہوت تہ خواہشِ پورہ کرنہ خیطرہ زنانہ تراوِت۔ یمہِ تمی خیطرہ چھہ پیدہ کرنہ
آمژہ بَلْ اَنْتُمْ قَوْمٌ تَجْهَلُوْنَ بلکہ چھوِہ تُہہ قوماہ جاہِل۔ خبری چھوہ نہ امیُک نتیجہ کیاہ نیرہ
فَمَا كَانَ جَوَابَ قَوْمِهٖۤ اِلَّاۤ اَنْ قَالُوْۤا پس اُوس نہ تمن لوکن ہُند جواب کینہہ تہِ مگر ای زِہ دُوپ تموپانہ
وانِ کِہ اَخْرِجُوْۤا اٰلَ لُوْطٍ مِّنْ قَرْيَتِكُمْ اِنَّهُمْ اُنَاسٌ يَّتَطَهَّرُوْنَ کڈیون لوط علیہ السلامہ سُند اہل وعیال
لوط علیہ السلام ہیتھ پننہِ شہرہ منزہ کیازِہ تِم چھہِ پانس شانت زانان۔ یلہِ اوت پیٹھ کام واژ اسہِ کور تتھ
قومس پیٹھ عذاب نازِل فَاَنْجَيْنٰهُ وَ اَهْلَهٗۤ اِلَّا امْرَاَتَهٗ قَدَّرْنٰهَا مِنَ الْغٰبِرِيْنَ پس دیت اسہِ نجات
لوط علیہ السلامس بیہِ تمسندِس عیالس تھزہِ اکِس زنانہِ ورای یُوسہ اسہِ ازلے مقرر کَرمژ آس ات
روزت عذابس گرفتار سپدہ ونیو اندرہ وَ اَمْطَرْنَا عَلَيْهِمْ مَّطَرًا تو پتہ ترووَ اسہِ تمن پیٹھ عجیب قسمُک
رُوداہ یتھ منز کنہِ آسہ فَسَآءَ مَطَرُ الْمُنْذَرِيْنَ پس اُوس سیٹھاہ بیچھ تمن بیم کرنہ آمتین ہُند سُو رُود قُلِ
الْحَمْدُ لِلّٰهِ وَسَلٰمٌ عَلٰى عِبَادِهِ الَّذِيْنَ اصْطَفٰى دِپو حمد تُہہ خدایس نافرمانن ہندِس ہلاک گژھنس پیٹھ۔
بیہِ یُوہن سلامتی ہمیشہِ خدایہِ سندین تمن بندن پیٹھ یم تم ژارِ تہ برگزیدہ کرِن آٰللّٰهُ خَيْرٌ
اَمَّا يُشْرِكُوْنَ کیا خدا معبود برحق۔ تمسندِ احسانات بیان کرنہ آی چھا بہتر، کنہ تِم معبودان باطِل۔
تمن تِم خدایہ سندِ شریک چھہِ ٹھہراوان۔ امیُک تفصیل چھُو یتھ پاٹھہ کہ ای لوکو تُہہ کرِ تو خدایہ سندین

أَمَّنْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضَ وَأَنْزَلَ لَكُمْ مِّنَ
السَّمَآءِ مَآءً ۚ فَأَنْۢبَتْنَا بِهٖ حَدَآئِقَ ذَاتَ بَهْجَةٍ ۚ مَا كَانَ
لَكُمْ أَنْ تُنْۢبِتُوْا شَجَرَهَا ۗ ءَاِلٰهٌ مَّعَ اللّٰهِ ۗ بَلْ هُمْ قَوْمٌ يَّعْدِلُوْنَ ﴿٦٠﴾
أَمَّنْ جَعَلَ الْأَرْضَ قَرَارًا وَّجَعَلَ خِلٰلَهَآ أَنْهٰرًا وَّجَعَلَ
لَهَا رَوَاسِيَ وَجَعَلَ بَيْنَ الْبَحْرَيْنِ حَاجِزًا ۗ ءَاِلٰهٌ مَّعَ اللّٰهِ ۗ
بَلْ أَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿٦١﴾ أَمَّنْ يُّجِيْبُ الْمُضْطَرَّ إِذَا دَعَاهُ

---

کمالاتن اندر غور۔ تو پتہ وَنتو۔ تِم پوتل چھا بہتر أَمَّنْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضَ کِنہ سُو ذاتِ پاک چھُو بہتر، یَمِ آسمان تہ زمین پیدہ کٔرِ وَأَنْزَلَ لَكُمْ مِّنَ السَّمَآءِ مَآءً بیہ یَمِ آسمانکہِ طرفہ تُہندہ خیطرہ رُود ترٛوو فَأَنْۢبَتْنَا بِهٖ حَدَآئِقَ ذَاتَ بَهْجَةٍ تمی رُودہ سیتِ کھارِ اَسہِ سرسبز باغن ہندِ گُلِ۔ یِم تروتازہ تہ پُر رونق چھِ مَا كَانَ لَكُمْ أَنْ تُنْۢبِتُوْا شَجَرَهَا اُوسنہ تُوہہِ مُمکن کہ تُہہِ کیاہ کھالہوکھ تِمن باغن ہندِ کُلِ پانے۔ یِہ بُوزِت وَنتو ءَاِلٰهٌ مَّعَ اللّٰهِ کیاہ اللہ تعالیٰ اس سیت شُو بیا عِبادتس اندر بیہِ کانہہ معبود داہ شریک (ہرگزنہ) مگر یِم مُشرک چھنہِ توتہِ مانان بَلْ هُمْ قَوْمٌ يَّعْدِلُوْنَ بلکہ چھُو توتہ بین مخلوقن خدائیس سیتِ برابر تھاوان۔ معبود برحقہ سندِ بیہِ کمالات بُوزِت وَنتو کہ کیاہ یِم معبودان باطل چھا عبادتس سزاوار أَمَّنْ جَعَلَ الْأَرْضَ قَرَارًا وَّجَعَلَ خِلٰلَهَآ أَنْهٰرًا وَّجَعَلَ لَهَا رَوَاسِيَ وَجَعَلَ بَيْنَ الْبَحْرَيْنِ حَاجِزًا کِنہ سُو ذاتِ پاک چھُو بہتر، یَمِ زمین کور مخلوقن ہندِ رُوزنٕچ تہ قرار کرنٕچ جای۔ بیہِ یَمِ تَمہِ زمینہ منزہ کولہ تہ دریاو پکناوِ۔ بیہِ یَمِ امہِ زمینکہِ ٹھہرنہ خیطرہ اتھ پیٹھ کنوہ کٔر پیدہ لنگرہی۔ بیہِ یِم دُون دریاوَن منز کور ٹھور تمہِ قسمُک کہ اکہِ دریاوُک آب چھُونہ میلان بیہِ دریاوہ کِس آبس سیتِ۔ یِہ بُوزِت وَنتو۔ ءَاِلٰهٌ مَّعَ اللّٰهِ کیاہ اللہ تعالیٰ اس سیتِ ہیکیاہ بیا کھ معبود شریک آسِتھ، مگر مُشرک چھنہ توتہِ یِہ کَتھ مانان بَلْ أَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ بلکہ چھنہ تِمو لُو کو اَندرہ وارِیہن خبرٕی کینہہ۔ خیر، تَس ذاتِ پاکہ سندِ بیہِ کمالات بُوزِت وَنتو کہ یِم معبودان باطل چھا بہتر أَمَّنْ يُّجِيْبُ

وَيَكْشِفُ السُّوٓءَ وَيَجْعَلُكُمْ خُلَفَآءَ الْاَرْضِ ۗ ءَاِلٰهٌ مَّعَ اللّٰهِ ۗ
قَلِيْلًا مَّا تَذَكَّرُوْنَ ۝٦٢ اَمَّنْ يَّهْدِيْكُمْ فِيْ ظُلُمٰتِ الْبَرِّ وَ
الْبَحْرِ وَمَنْ يُّرْسِلُ الرِّيٰحَ بُشْرًا ۢ بَيْنَ يَدَيْ رَحْمَتِهٖ ۗ
ءَاِلٰهٌ مَّعَ اللّٰهِ ۗ تَعٰلَى اللّٰهُ عَمَّا يُشْرِكُوْنَ ۝٦٣ اَمَّنْ يَّبْدَؤُا
الْخَلْقَ ثُمَّ يُعِيْدُهٗ وَمَنْ يَّرْزُقُكُمْ مِّنَ السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ ۗ
ءَاِلٰهٌ مَّعَ اللّٰهِ ۗ قُلْ هَاتُوْا بُرْهَانَكُمْ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ۝٦٤

---

الْمُضْطَرَّ اِذَا دَعَاهُ وَيَكْشِفُ السُّوٓءَ کِنہ سُو ذاتِ پاک چھُو بہتر یُس بیقرار تہ لاچارہ سندِس منگہ نِس اِجابت چھُو کران۔ یلہِ سُو تِس منگان چھُو۔ بیہِ یُس مُصیبت تہ سختی چھُو دُور کران وَيَجْعَلُكُمْ خُلَفَآءَ الْاَرْضِ بیہِ یُس توہہِ چھُو کران زمینس اندر صاحِب تصرّف تہ جانشین ءَاِلٰهٌ مَّعَ اللّٰهِ بیہِ بُوزِت وَنتو تُہہ اللہ تعالیٰ اَس شریکِ عبادت آسنس لایق چھابیہِ کانہہ معبود (ہرگزنہ) قَلِيْلًا مَّا تَذَكَّرُوْنَ مگر سیٹھاہ کم چھُو توہہِ امیُک خیال تہ یمہِ کتھ یاد تھاوان۔ ووَنِ بُوزِ تھندِ بے کمالات تو پتہ وَنتو یمِ معبُودان باطِل چھاعِباد تِس سزاوار اَمَّنْ يَّهْدِيْكُمْ فِيْ ظُلُمٰتِ الْبَرِّ وَ الْبَحْرِ کِنہ سُو ذاتِ پاک چھُو سزاوار یُس توہہِ وَتھ چھُوہ ہاوان خشکی تہ تری ہنزن گٹن اندر وَمَنْ يُّرْسِلُ الرِّيٰحَ بُشْرًا ۢ بَيْنَ يَدَيْ رَحْمَتِهٖ بیہِ یُس سوزان چھُو واوس پننہِ رحمتہ یعنی بارانِ رحمتہ برونٹھ خوشخبری ہیتھ۔ یہ بوزِت وَنتو ءَاِلٰهٌ مَّعَ اللّٰهِ باوجود آں ہیکیا تِس سیت کانہہ معبُوداہ، شریک بنتِ عباد تِس اندر۔ ہرگزنہ۔ تَعٰلَى اللّٰهُ عَمَّا يُشْرِكُوْنَ بلکہ چھُو اللہ تعالیٰ تھندِ شرکہ نِشہِ سیٹھاہ بالا تہ تھود۔ تِس معبُود برحقہ سندِ بیئے کمالات بُوزِت وَنتو کہ یمِ معبُودان باطِل چھہ بہتر۔ اَمَّنْ يَّبْدَؤُا الْخَلْقَ ثُمَّ يُعِيْدُهٗ کِنہ سُو ذات پاک چھُو بہتر یمِ ساری مخلوقات گوڈہ پیدہ کُرِ تو پتہ کریکھ سُوی دُوبارہ بیہِ پیدہ وَمَنْ يَّرْزُقُكُمْ مِّنَ السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ بیہِ یُس توہہِ رزق چھُو عطا کران آسمانکہِ طرفہ رُود تراوِتھ تہ زمینکہ طرفہ غلہ تہ کل کھارِت۔ یہِ بُوزِت وَنتو ءَاِلٰهٌ مَّعَ اللّٰهِ کیاہ معبُود برحقس شریکِ عبادت آسنس لایق چھابیہِ کانہہ

قُلْ لَّا يَعْلَمُ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ الْغَيْبَ اِلَّا اللّٰهُ ؕ
وَمَا يَشْعُرُوْنَ اَيَّانَ يُبْعَثُوْنَ ۝٦٥ بَلِ ادّٰرَكَ عِلْمُهُمْ فِي
الْاٰخِرَةِ ۚ بَلْ هُمْ فِيْ شَكٍّ مِّنْهَا ۫ بَلْ هُمْ مِّنْهَا عَمُوْنَ ۝٦٦
وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا ءَاِذَا كُنَّا تُرٰبًا وَّاٰبَآؤُنَآ اَئِنَّا
لَمُخْرَجُوْنَ ۝٦٧ لَقَدْ وُعِدْنَا هٰذَا نَحْنُ وَاٰبَآؤُنَا مِنْ

معبُوداه۔ ہرگاہ تمِ یہِ بُوزت ونن کہ تہندِ معبُود تہِ چھہِ مُستحق عبادت قُلْ هَاتُوْا بُرْهَانَكُمْ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ تہہ فرماویو کھ۔ یا رسول اللہ اِنو تہ پیش کٔرِو سئو دلیل چھوے تُہہِ بُوزونہ ونِ۔ تمِ لوکھ قیامتُک وقت مُعیّن پاٹھِ نہ وننہ سببہ قیامتس اِنکار کران چھہِ تمن وَنو تُہہ جواب کہ تہند یہِ ونُن چھُو غلط کیازِہ یہِ قیامتُک مسئلہ چھُو غیبہٕ چُو کتھو اَندرہ۔ تہ تمِ مخلوقات آسمان وزمینس منز چھہِ، تمو منزہ چھُونہ

کانہہ تہِ غیبہٕ چہِ کتھہ زانان خدائس وَرای۔ ہرگاہ مہٕ نِشہِ تہ توہہِ نِشہِ قیامتہ کہِ وقتُک علم پُوشیدہ رُودیہِ کیاہ کتھاہ چھہ۔ تمام عالمس منز یمِ مخلوق چھہِ تمن نِشہِ چھہ اَمہِ ورای تہ یہِ کاژاہ کتھہ پُوشیدہ قُلْ لَّا يَعْلَمُ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ توٚہِ فرماویو کھ یا رسول اللہ آسمانن تہ زمینن منز یمِ چھہِ تمو اَندرہ زانِہ نہ کانہہ اکھاہ الْغَيْبَ اِلَّا اللّٰهُ غیب خدائس ورای وَمَا يَشْعُرُوْنَ اَيَّانَ يُبْعَثُوْنَ یہِ چھنہ لوکن کینہہ تہ خبر کہ کرِین تمِ یہِ زِندہ کرنہ تہ قبرو منزہ تُلنہ بَلِ ادّٰرَكَ عِلْمُهُمْ فِي الْاٰخِرَةِ بلکہ سپد خُتم تُہند علم آخرِتس مُتعلق تو پتہ واتِ نہ تمِ کُنہِ نتیجس پیٹھ بَلْ هُمْ فِيْ شَكٍّ مِّنْهَا چنانچہ تمِ چھہِ ڈنہِ تمکہِ حقہ شکہ سِی منز بَلْ هُمْ مِّنْهَا عَمُوْنَ بلکہِ چھہِ تمِ تمکہِ حقہ اَنِ تہ نابینا۔ کیازِہ یتھہ پاٹھِ اَنِس چھنہ وَتھ درِیٹھی یوان تمُسند مقصدس واتُن چھُو دشوار، یتھے پاٹھِ واتن نہ تمِ تہِ مقصدس وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا ءَاِذَا كُنَّا تُرٰبًا وَّاٰبَآؤُنَآ اَئِنَّا لَمُخْرَجُوْنَ یہِ دُوپ تعجبہ کٔن تمو لوکو یمو اِنکار کور قیامتس کیاہ اَسِ تہ یہِ سان مالِ بُڈِبب، یلہِ اَسِ میژِہ سیتِ میژ آسو گیمت، تو پتہ یموہ اَسِ قبرو منزہ یہِ کڈنہ لَقَدْ وُعِدْنَا هٰذَا نَحْنُ وَاٰبَآؤُنَا مِنْ قَبْلُ پٔرپاٹھِ اسہِ سیتِ یہِ سانین مالین بُڈبن سیتِ چھہِ یتھ وعدہ برونٹھ

قَبْلُ لا إِنْ هٰذَآ إِلَّآ أَسَاطِيرُ الْأَوَّلِينَ ﴿۶۸﴾ قُلْ سِيرُوا
فِي الْأَرْضِ فَانْظُرُوا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُجْرِمِينَ ﴿۶۹﴾
وَلَا تَحْزَنْ عَلَيْهِمْ وَلَا تَكُنْ فِي ضَيْقٍ مِّمَّا يَمْكُرُونَ ﴿۷۰﴾
وَيَقُولُونَ مَتٰى هٰذَا الْوَعْدُ إِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِينَ ﴿۷۱﴾ قُلْ
عَسٰٓى أَنْ يَّكُونَ رَدِفَ لَكُمْ بَعْضُ الَّذِي تَسْتَعْجِلُونَ ﴿۷۲﴾
وَإِنَّ رَبَّكَ لَذُو فَضْلٍ عَلَى النَّاسِ وَلٰكِنَّ أَكْثَرَهُمْ لَا

تہ کرنہ آمتِ، کیازِہ ساری انبیاءٖ آی یوٚہے وعدہ کران مگر نہ سپُد ازتام سُو وعدہ پُورہ، نہ وون کانسہِ کہ کر آسہِ سُو قیامت۔ امہِ اَندرہ چھُو معلوم سپدان کہ اِنْ هٰذَآ إِلَّآ أَسَاطِيرُ الْأَوَّلِينَ یمہِ چھہ بےٚ سنزہ کتھہ یمہِ برونٹھِمین نشہ نقل کرنہ یِوان چھہ قُلْ سِيرُوا فِي الْأَرْضِ فَانْظُرُوا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُجْرِمِينَ یلہِ قیامتہ کِس اِمکانس پیٹھ عقلی دلیلہ تہ تمہِ کِس وقوعس پیٹھ نقلی دلیلہ وارِیاہن جاین تُہہ آوہ بوزناونہ توہہِ پزِہ نہ اِنکار کرُن۔ وَرنہ ہَنہِ توہہِ سُوی حال یُس بین مُنکرن بنیو مُت چھُو۔ ہرگاہ تمن تتھ اَندر شک چھُو تُہہ فرماویوٚکھ یارسُول اللہ ای مُنکرو، تُہہ پھیرِ تو مُنکرِ قومَن ہندین مُلکن اندر تو پتہ وَچھتو تمن مُنکرن نافرمانن ہُند انجام کیاہ چھُو سپُد مُت، تمِ کتھہ پاٹھِ چھہِ عذابو سیت گالنہ آمت ہرگاہ باوجود یمو مؤثر نصیحتو تہ وعظو تمِ تو تہ تہندِس مُخالفس پیٹھ کمر گنڈتھ روزن وَلَا تَحْزَنْ عَلَيْهِمْ وَلَا تَكُنْ فِي ضَيْقٍ مِّمَّا يَمْكُرُونَ تُہہ مہ حض ہیوِ تُہند غم یارسُول اللہ بیہِ یمہ شرارتچہِ کامہِ تمِ کران چھہِ تمو سیتِ مہ سپدِن تُہنُد دِل مُبارک تنگ۔ بَین انبیاءٖن سیت تہِ چھُو یوٚہے مُعاملہ سپُد مُت وَيَقُولُونَ مَتٰى هٰذَا الْوَعْدُ إِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِينَ بیہِ چھہِ تمِ مُنکر مُسلمانن ونان، کتہِ چھُو سُو عذاب یمیُک وعدہ تھاونہ یِوان چھُو، ہرگاہ تُہہ پزِمیرِ چھوٚہ۔ قُلْ عَسٰٓى أَنْ يَّكُونَ رَدِفَ لَكُمْ بَعْضُ الَّذِي تَسْتَعْجِلُونَ تُہہ فرماویوٚکھ یارسُول اللہ، دِیوہ جلدی واتہ توہہِ نِش تمہِ عذابُک اکھ حِصّہ یمیُک جلد واتنُک تُہہ مُطالبہ کران چھوِہ وِنیک تان یُس تتھ منز تاخیر سپُد تمیُک وجہ چھُو کہ وَإِنَّ رَبَّكَ لَذُو فَضْلٍ عَلٰى

يَشْكُرُوْنَ ﴿٧٣﴾ وَاِنَّ رَبَّكَ لَيَعْلَمُ مَا تُكِنُّ صُدُوْرُهُمْ وَمَا
يُعْلِنُوْنَ ﴿٧٤﴾ وَمَا مِنْ غَآئِبَةٍ فِي السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ اِلَّا فِيْ
كِتٰبٍ مُّبِيْنٍ ﴿٧٥﴾ اِنَّ هٰذَا الْقُرْاٰنَ يَقُصُّ عَلٰى بَنِيْٓ
اِسْرَآءِيْلَ اَكْثَرَ الَّذِيْ هُمْ فِيْهِ يَخْتَلِفُوْنَ ﴿٧٦﴾ وَاِنَّهٗ
لَهُدًى وَّرَحْمَةٌ لِّلْمُؤْمِنِيْنَ ﴿٧٧﴾ اِنَّ رَبَّكَ
يَقْضِيْ بَيْنَهُمْ بِحُكْمِهٖ ۚ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْعَلِيْمُ ﴿٧٨﴾

---

النَّاسِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَشْكُرُوْنَ پَرَ پاڻِ تُنهنجو پروردگار ڇڪو لوڪن هندءِ حقّ فضله ڏول. مگر اڪثر لوڪ ڇهنءِ شُڪر گذاري ڪران. عذابہ ڪسِ تاخيرس تہ مُهلتس ڇهنہ غنيمت زانان. اتھ مُهلتہ ڪسِ وقس شوبہ ہا تمن حق ڙهانڈُن، حق قبول ڪرن، تہِ سپدہ ہا باعِث تهندہ نجاتِ ابد يُڪ. تتھ بدل ڇھ اِنڪار ڪران تہ عذابُڪ معاملہ ٹھٹھہ زانِت تتھ منز جلدي ڙهانڈان. لهذا مہ زانِ تم ڪہِ يمن ڪتهن پيٹھ ڪيا پيہ نہ تمن ستر ہيٚ دِنہ وَاِنَّ رَبَّكَ لَيَعْلَمُ مَا تُكِنُّ صُدُوْرُهُمْ وَمَا يُعْلِنُوْنَ پَرَ پاڻِ تُهند پروردگار ڇھُو پُور زانان تہِ سوزُوي يہِ تم لُوڪ پنہ نين سينن تہ دِلن منز کهٹِت تھاوان ڇهِ، بيہ تہِ سوزُوي يہِ نبرِ وان ڇهِ. الله تعالیٰ اَس تِج خبر پُور آسنہِ علاوہ ڇھُو ظاهري طورتہِ باضابطِہ دفترن اندر درج يِوان ڪرنہ. تهنزن ڪامين هنزي ڇهنہ ڪينهہ خصوصيت وَمَا مِنْ غَآئِبَةٍ فِي السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ اِلَّا فِيْ كِتٰبٍ مُّبِيْنٍ بلڪہ ڇھُونہ ڪانہہ پُوشيدہ چيز اہ آسمانن تہ زمين منز، يُس نہ درج ڇھُونہِ ڪِتابہ اندر يعني لوحِ محفوظس اندر اِنَّ هٰذَا الْقُرْاٰنَ يَقُصُّ عَلٰى بَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ اَكْثَرَ الَّذِيْ هُمْ فِيْهِ يَخْتَلِفُوْنَ پَرَ پاڻِ يہ قرآن مجيد ڇھُو فيصلہ بيان ڪران بني اسرائيلن پيٹھ واريہن تمن چيزن منز تمن اندر تمِ اختلاف ڪران ڇهِ وَاِنَّهٗ لَهُدًى وَّرَحْمَةٌ لِّلْمُؤْمِنِيْنَ بيشڪ قرآن مجيد ڇھُو باايمانن هندِہ خيطرہ خاص هدايت بيہِ خاص رحمت. هدايت باعتبار طاعات واعمال. رحمت باعتبارِ ثمرات و نتائج اِنَّ رَبَّكَ يَقْضِيْ بَيْنَهُمْ بِحُكْمِهٖ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْعَلِيْمُ يلہ نہ تموٗمون عقلي تہ شرعي

فَتَوَكَّلْ عَلَى اللّٰهِ ؕ اِنَّكَ عَلَى الْحَقِّ الْمُبِيْنِ ﴿۷۹﴾
اِنَّكَ لَا تُسْمِعُ الْمَوْتٰى وَلَا تُسْمِعُ الصُّمَّ الدُّعَآءَ اِذَا
وَلَّوْا مُدْبِرِيْنَ ﴿۸۰﴾ وَمَآ اَنْتَ بِهٰدِى الْعُمْىِ عَنْ ضَلٰلَتِهِمْ ؕ
اِنْ تُسْمِعُ اِلَّا مَنْ يُّؤْمِنُ بِاٰيٰتِنَا فَهُمْ مُّسْلِمُوْنَ ﴿۸۱﴾ وَ
اِذَا وَقَعَ الْقَوْلُ عَلَيْهِمْ اَخْرَجْنَا لَهُمْ دَآبَّةً مِّنَ الْاَرْضِ
تُكَلِّمُهُمْ ۙ اَنَّ النَّاسَ كَانُوْا بِاٰيٰتِنَا لَا يُوْقِنُوْنَ ﴿۸۲﴾ ع

فيصلہ، بيشڪ ووَنِ ڪرہِ ٿهندو پروردگار عملي فيصلہ تن اختلاف ڪرہ وئين منز پننہِ حُڪمہ سيتِ قيامتڪ دوَہ۔ تمي دوَہہ سپدہ تمن معلوم پوز ڪياہ اوس تہ اپز ڪياہ اوس۔ سُو پروردگار چھُو غالب تہ زبردست۔ سوُرُوي زانہ وُن۔ تس نِش چھُو نہ پوشيدہ ڪہني فَتَوَكَّلْ عَلَى اللّٰهِ اِنَّكَ عَلَى الْحَقِّ الْمُبِيْنِ پس ڪرِ دُتهہ توڪل تسِ معبودِ برحقس پيٹھ۔ بيشڪ تُہہ چھِوہ نِس پزسِ پيٹھ۔ پزيارين چھُو اللہ تعالىٰ مدد تہ ياري ڪران اِنَّكَ لَا تُسْمِعُ الْمَوْتٰى وَلَا تُسْمِعُ الصُّمَّ الدُّعَآءَ اِذَا وَلَّوْا مُدْبِرِيْنَ بيشڪ تُہہ ہيڪيو ڪھ نہ بوزہ ناوِ تھ مُردہ، بيہ ہيڪيو ڪھ نہ بوزہ ناوتِ پُنُن آلو زِندہ خصوصاً يلہِ تمِ توہہ کُن ٿھر ڪرِت ژلان آسَن وَمَآ اَنْتَ بِهٰدِى الْعُمْىِ عَنْ ضَلٰلَتِهِمْ بيہ ہيڪوِ نہ تُہہ انين تہ نابيناءن گُمراہي نِشہِ بچاوِت، وَتھ ہاوِ تھ اِنْ تُسْمِعُ اِلَّا مَنْ يُّؤْمِنُ بِاٰيٰتِنَا فَهُمْ مُّسْلِمُوْنَ تُہہ ہيڪيو ڪھ نہ بُوزہ ناوِت مگر تِمے سِمِ سانين آياتن پڑھ تہ يقين ڪران آسَن۔ تِمے لُوڪ چھِ سانِ حُڪم مانہ وِن وَاِذَا وَقَعَ الْقَوْلُ عَلَيْهِمْ اَخْرَجْنَا لَهُمْ دَآبَّةً مِّنَ الْاَرْضِ بيہ يلہ وعدۂ قيامت لُوڪن پيٹھ پُور سپدہ وُن آسہ۔ يعني قيامتڪ وقت يلہِ نزديڪ سپدہ آسِ ڪڈون تہندِ خيطرہ عجيب جانور اڪھ زمينہ منزہ تُكَلِّمُهُمْ اَنَّ النَّاسَ كَانُوْا بِاٰيٰتِنَا لَا يُوْقِنُوْنَ سُوي جانور ڪرہ لُوڪن سيتِ ڪتھہ۔ دِپيھ ڪافر لُوڪھ چھِنہ سانين آياتن يقين ڪران خصوصاً تمن آياتن يِمِ قيامتس متعلق چھِہ۔ ووَنِ واژ قيامت نزديڪ۔ چنانچہ اڪھ علامت اُوس تمُڪ ميون ظاہر سپدُن۔ چنانچہ اتھ ڪرن ساري تصديق۔ پيغمبر آسِکھ فرماوان، تمن آسِ تڪذيب

وَيَوْمَ نَحْشُرُ مِنْ كُلِّ أُمَّةٍ فَوْجًا مِّمَّنْ يُكَذِّبُ
بِآيَاتِنَا فَهُمْ يُوزَعُونَ ﴿٨٣﴾ حَتَّىٰ إِذَا جَاءُوا قَالَ أَكَذَّبْتُمْ
بِآيَاتِي وَلَمْ تُحِيطُوا بِهَا عِلْمًا أَمَّاذَا كُنْتُمْ تَعْمَلُونَ ﴿٨٤﴾
وَوَقَعَ الْقَوْلُ عَلَيْهِمْ بِمَا ظَلَمُوا فَهُمْ لَا يَنْطِقُونَ ﴿٨٥﴾
أَلَمْ يَرَوْا أَنَّا جَعَلْنَا اللَّيْلَ لِيَسْكُنُوا فِيهِ وَالنَّهَارَ مُبْصِرًا ۚ
إِنَّ فِي ذَٰلِكَ لَآيَاتٍ لِقَوْمٍ يُؤْمِنُونَ ﴿٨٦﴾ وَيَوْمَ يُنْفَخُ

کران۔ دابۃ الارض یلہِ نیرِ ہ اَمس کرن تصدیق۔ مگر اَمہِ ساتہ تصدیق کرنس آسہِ نہ کانہہ اعتبار وَيَوْمَ نَحْشُرُ مِنْ كُلِّ أُمَّةٍ فَوْجًا مِّمَّنْ يُكَذِّبُ بِآيَاتِنَا فَهُمْ يُوزَعُونَ ییہ پاوِ وتھہ ژِ تیس لوکن سُو دوَہ یمہِ دوَہہ اَسِ پرتھ اُمتہ منزہ اکھ اکھ جماعتھاہ جمع کرون تمن لوکن ہنز یم سانین آیاتن اپزِ زانان آسِ۔ تو پتہ ین تمِ الگ الگ تھاونہ۔ حَتَّىٰ إِذَا جَاءُوا قَالَ أَكَذَّبْتُمْ بِآيَاتِي وَلَمْ تُحِيطُوا بِهَا عِلْمًا أَمَّاذَا كُنْتُمْ تَعْمَلُونَ تااینکہ یلہِ تمِ خدایس برونٹھ کُن واتن سُو پُر ژھیک کیاہ توہہِ زانہِ ووکھ میانِ آیات اپزِ۔ حالانکہِ توہہِ اوسوہ نہ تمن آیاتن ہُند پُور علم کینہہ تہ۔ تمن کُن کوروہ نہ توہہِ تدبُر۔ تہ فکرِ کرنہ ورای کوروہ توہہِ اِنکار تہ تکذیب تمن آیاتن بلکہ پاوِیو توہہِ ژِ تیس اَمہِ علاوہ کہ کمہ کمہ کامہِ کروہ توہہِ۔ مثلاً انبیاءن تہ باایمانن آسوہ دِوان تکلیف۔ ییہ آسوہ کُفرہ کین عقائدن تہ اعمالن منز مُبتلا۔ تہ ونتو تُہہ کیاہ آسوہ کران خدایس تہ تہندین آیاتن اِنکار کرنہ ورای وَوَقَعَ الْقَوْلُ عَلَيْهِمْ بِمَا ظَلَمُوا واقع سپُد تمن پیٹھ عذابُک حُکم تہندہِ ظُلمہ مَوکھہ فَهُمْ لَا يَنْطِقُونَ پَس ہیکن نہ تمِ کتھہ کرِتھ۔ مرنہ پتہ بیہ زندہ سپدنہ پتہ چھہِ نقلی دلیلن ہندہِ علاوہ عقلی دلیلہ تہ مثلاً أَلَمْ يَرَوْا أَنَّا جَعَلْنَا اللَّيْلَ لِيَسْكُنُوا فِيهِ وَالنَّهَارَ مُبْصِرًا إِنَّ فِي ذَٰلِكَ لَآيَاتٍ لِقَوْمٍ يُؤْمِنُونَ کیاہ وُچھان چھِنا تمِ سانہِ قدرتُک یُوڈ نشانہ کہ بیشک اَسہِ کُر رات گنٹ یُتھ لوکھ تتھ منز آرام کرن۔ ییہ کُرِ اَسہِ دوَہ رُوشن یُتھ تتھ منز لوک کوم کٔٹ کرن راتس منز آرام کرن تہ شونگن۔ اتھ چھُو تشبیہہ مُولتس سیت۔ دوہلہ وُتھن اورہ یُور کرُن اتھ

فِي الصُّوْرِ فَفَزِعَ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَمَنْ فِي الْاَرْضِ
اِلَّا مَنْ شَآءَ اللّٰهُ ؕ وَكُلٌّ اَتَوْهُ دٰخِرِيْنَ ﴿۸۷﴾ وَتَرَى الْجِبَالَ
تَحْسَبُهَا جَامِدَةً وَّهِيَ تَمُرُّ مَرَّ السَّحَابِ ؕ صُنْعَ اللّٰهِ
الَّذِيْٓ اَتْقَنَ كُلَّ شَيْءٍ ؕ اِنَّهٗ خَبِيْرٌۢ بِمَا تَفْعَلُوْنَ ﴿۸۸﴾

---

چھُو تشبیہ مَرنہ پتہ بیہِ زِندہ سپدنُس سیتِ بیشک بایمانن ہندِہ خیطرہ چھہ اتھ منز بجہِ دلیلہ وَيَوْمَ يُنْفَخُ فِي الصُّوْرِ فَفَزِعَ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَمَنْ فِي الْاَرْضِ اِلَّا مَنْ شَآءَ اللّٰهُ بیہ یاوِ وُلوکن ژیتس تمہِ ژُہک ہیبت یمہِ دوہہ پھوکھ دِنہ ییہ یُوغس منز توپتہ گابرن تہ بانبرن۔ ہیس تہ ہوش۔ روزِہ نہ تمن سارنئی یم آسمانن تہ زمینن اندر چھہِ۔ ملائکو تہ انسانو اندرہ مگر نہ تمِ تمن ہُند اللہ تعالیٰ یژھہِ۔ تمِ روزن پتہِ ژنجہ ھیسن تہ حواسَن اندر۔ حدیثِ شریفس منز چھُو، تمِ گئے جبریل امین میکائیل، اسرافیل تہ عزرائیل بیہ حاملان عرش وَكُلٌّ اَتَوْهُ دٰخِرِيْنَ توپتہ ین ساری خدائس برونٹھکن عاجز تہ ذلیل سپدِت۔ دُنیاءس منز چھُو دستور کہ کھوژنہ وِزِہ چھُو شخص ژلان مگر تمہِ دوہہ ہیکہِ نہ کانہہ اکھاہ کُنہِ جاییہ ژلِت۔ چنانچہ تمِ زندہ آسَن تمِ مَرِن، تمِ مُومت آسن تمِ سپدن بیہوش یعنی تِہندِ رُوح۔ بیہ حال سپدِہ جاندارن۔ بے جان چیزن ہُند حال چھُو فرماوان اللہ تعالیٰ اَمہِ پتہ وَتَرَى الْجِبَالَ تَحْسَبُهَا جَامِدَةً وَّهِيَ تَمُرُّ مَرَّ السَّحَابِ بیہ چھُوکہ وچھان ژہ ای وچھہِ ونہ گُمان چھُوک کران کہ تمِ کوہ چھہِ اَکسی جاییہ بند۔ تتھے پاٹھِہ تہ اَتھِ حالتسی پیٹھ ماروزن ہمیشہ مگر حقیقتس منز آسن تمہِ دوہہ تمِ کوہ ابرک پاٹھِ اُورہ یُوریکان۔ سترکِ پاٹھِ آسَن دُوننہ آمتِ صُنْعَ اللّٰهِ الَّذِيْٓ اَتْقَنَ كُلَّ شَيْءٍ اتھ پیٹھ گژھہِ نہ کانہہ تعجب کرُن۔ کیازِہ بیہ چھہ خدایہِ سنز کام یمِ یم ساری چیز مضبوط تہ محکم کرِ۔ ابتداءس منز آسِ نہ کُنہ چیزس منز مضبُوطی۔ سُو چیز یلہِ تمِ قُدرتہ وال پیدہ کور اَدہ کرنُس مضبوطی عطا۔ یم پروردگارن سُو چیز پیدہ کور توپتہ دِژنُس مضبُوطی سُو ہیکہِ تَس لِشہِ سُو مضبُوطی زائل کرِت بلکہ سُو چیزی یکدم ختم کرِتھ اِنَّهٗ خَبِيْرٌۢ بِمَا تَفْعَلُوْنَ بیہ چھہ یقینی کتھ کہ اللہ تعالیٰ اَس چھہ تُہنزن سارنی کامین ہنز پُور خبر۔

مَنْ جَآءَ بِالْحَسَنَةِ فَلَهٗ خَيْرٌ مِّنْهَا ۚ وَهُمْ مِّنْ فَزَعٍ يَّوْمَئِذٍ
اٰمِنُوْنَ ﴿۸۹﴾ وَمَنْ جَآءَ بِالسَّيِّئَةِ فَكُبَّتْ وُجُوْهُهُمْ فِي النَّارِ ۗ هَلْ
تُجْزَوْنَ اِلَّا مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿۹۰﴾ اِنَّمَآ اُمِرْتُ اَنْ اَعْبُدَ رَبَّ هٰذِهِ
الْبَلْدَةِ الَّذِيْ حَرَّمَهَا وَلَهٗ كُلُّ شَيْءٍ ۫ وَّاُمِرْتُ اَنْ اَكُوْنَ مِنَ
الْمُسْلِمِيْنَ ﴿۹۱﴾ وَاَنْ اَتْلُوَا الْقُرْاٰنَ ۚ فَمَنِ اهْتَدٰى فَاِنَّمَا يَهْتَدِيْ لِنَفْسِهٖ ۚ

---

مَنْ جَآءَ بِالْحَسَنَةِ فَلَهٗ خَيْرٌ مِّنْهَا وَهُمْ مِّنْ فَزَعٍ يَّوْمَئِذٍ اٰمِنُوْنَ پس اکھاہیہ تس نشہ نیکی یعنی ایمان هیتھ تسندہ خیطرہ چھُو تمہِ خوتہ رُت بدلہ۔ یعنی ایمان انہ نس پیٹھ یمہِ مزُ ورِہ ہیند سُو مستحق اُوس تمہِ مزورہ خوتہ بہتر مزورتہ بدلہ ایہِ تس عطا کرنہ ییہِ آسن تمِ تمہِ دوہکہِ خوفہ تہ پریشانی نشہِ امنس اندر وَمَنْ جَآءَ بِالسَّيِّئَةِ فَكُبَّتْ وُجُوْهُهُمْ فِي النَّارِ ییہِ یم لُوک خدائس نشہِ بدی ہیتھ یعنی کُفر تہ شرک ہیتھ ین بُتھہ کن تراونہ نارس اَندر۔ وننہ ایکھ هَلْ تُجْزَوْنَ اِلَّا مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ توہہِ چھُونہ بدلہ یوان دنہ مگر تمنی کامین ہُند یمہِ تُہہ کران آسوہ دُنیاہس اندر۔ بے وَجہ چھُونہ کانسہِ عذاب یوان کرنہ اِنَّمَآ اُمِرْتُ اَنْ اَعْبُدَ رَبَّ هٰذِهِ الْبَلْدَةِ الَّذِيْ حَرَّمَهَا وَلَهٗ كُلُّ شَيْءٍ تُہہ فرماویُو کھ حضُ یارسُول اللہ مہ آونہ کانہہ حُکماہ کرنہ یمہِ حُکمہ ورای کہ بُو کرہ عبادت یمہِ شہرہ کِس مالِکہ سنز یمِ اتھ شہرس عزت دِیت۔ گوڑھس نابو تہنزی یاڑ عبادت کرُن۔ تمِس خدایہِ سُند چھُو پرتھہ چیزاہ۔ وَاُمِرْتُ اَنْ اَكُوْنَ مِنَ الْمُسْلِمِيْنَ ییہِ آومہِ حُکم کرنہ کہ بُو آسہ فرمانبردار روِاندرہ وَاَنْ اَتْلُوَا الْقُرْاٰنَ ییہِ آومہِ یہِ تہِ حُکم کرنہ کہِ بو بوزہ ناووہ تُہہ لُوک قرآن مجید یعنی بو کروہ توہہِ تبلیغ احکام یُس نبو تس لازِم چھُو فَمَنِ اهْتَدٰى فَاِنَّمَا يَهْتَدِيْ لِنَفْسِهٖ وَمَنْ ضَلَّ فَقُلْ اِنَّمَآ اَنَا مِنَ الْمُنْذِرِيْنَ پس یُس قرآن مجید بُوزِت میانہِ تبلیغہ سیتِ وتہِ پیٹھ ییہِ سُو ییہِ پنہ نی پانہ کہ فایدہ خیطرہ۔ یعنی تس چھُو تمیُک فائدہ پانس۔ ییہِ یُس وتہِ نشہِ ڈلہِ تس چھُو تمیُک ضرر پانس۔ تُہہ فرماویو کھ بُو چھُس نہ مگر بیم کرہ ونیو اندرہ۔ اکھ بیم کرہ وُناہ، یعنی حُکم بوزہ ناوہ ونیو پیغمبرو اندرہ وَقُلِ الْحَمْدُ لِلّٰهِ سَيُرِيْكُمْ اٰيٰتِهٖ فَتَعْرِفُوْنَهَا ییہِ دپو ساری تعریف شُوبن خدایسی

وَمَنْ ضَلَّ فَقُلْ إِنَّمَآ أَنَا۠ مِنَ ٱلْمُنذِرِينَ ﴿٩٢﴾ وَقُلِ ٱلْحَمْدُ لِلَّهِ
سَيُرِيكُمْ ءَايَٰتِهِۦ فَتَعْرِفُونَهَا ۚ وَمَا رَبُّكَ بِغَٰفِلٍ عَمَّا تَعْمَلُونَ ﴿٩٣﴾

---

پُوتَ. مَنْهِ ۾ ڪنهن شاهه مَٽِ اُوس تہ وول مہ ٿکھ. اللہ تعالیٰ ھاوهِ توهہ ۾ پنن نشانہ پاتے یعنی قیامتک واقعات پَس تَرِهِ توہہ پانے فکرهِ قصہ ڪياه ڇھُو **وَمَا رَبُّكَ بِغَٰفِلٍ عَمَّا تَعْمَلُونَ** ہیہ ڇھُونہ ہرگز تُھندِ پروردگار بے خبر تمو ڪاميونشہ ۾ يمہ تُہہ ڪران ڇھوہ. لہٰذا ديہ سُو با ايمانن پنہ نين عملن ھُندِ رُت جزاءِ. ڪافرن تہ مُنڪرن ديہ پيچھ ڪامين ھُند پُور سزاءِ.



## سُوْرَةُ الْقَصَصِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
طٰسٓمّٓ ۝١ تِلْكَ اٰيٰتُ الْكِتٰبِ الْمُبِيْنِ ۝٢ نَتْلُوْا عَلَيْكَ مِنْ نَّبَاِ
مُوْسٰى وَفِرْعَوْنَ بِالْحَقِّ لِقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ ۝٣ اِنَّ فِرْعَوْنَ
عَلَا فِي الْاَرْضِ وَجَعَلَ اَهْلَهَا شِيَعًا يَّسْتَضْعِفُ طَآئِفَةً
مِّنْهُمْ يُذَبِّحُ اَبْنَآءَهُمْ وَيَسْتَحْيٖ نِسَآءَهُمْ ؕ اِنَّهٗ كَانَ مِنَ
الْمُفْسِدِيْنَ ۝٤ وَنُرِيْدُ اَنْ نَّمُنَّ عَلَى الَّذِيْنَ اسْتُضْعِفُوْا

---

طٰسٓمّٓ یم چھِ حرُوف مُقطّعات۔ یمن ہُند معنی زانہِ پانہ خدا تِلْكَ اٰيٰتُ الْكِتٰبِ الْمُبِيْنِ یم مضامین یم توہہِ پیٹھ بطریق وحی چھِ سُوزنہ یِوان، یم چھِ یمہِ کتابہِ ہندِ آیات۔ یمک معانی بالکل واضح تہ صاف چھِ نَتْلُوْا عَلَيْكَ مِنْ نَّبَاِ مُوْسٰى وَفِرْعَوْنَ بِالْحَقِّ لِقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ یمو آیا تو منزہ یتھ موقعس پیٹھ اَسِ موسیٰ علیہ السلام تہ فرعونہ سندِ قصّہ اَندرہ اکھ حصّہ توہہِ پیٹھ پَران چھِ۔ یِزباٹ تمن لُوکن ہندِ نفعہ خیٖطرہ یمِ پڑھ کرہ وِن چھِ اِنَّ فِرْعَوْنَ عَلَا فِي الْاَرْضِ بیشک فرعونن اُوس کوٗنپ لودمُت مِصرہ کِس سرزمینس منز وَجَعَلَ اَهْلَهَا شِيَعًا بییہ آسن تتہِ کین لُوکن مُختلف قِسم کَرمتِ۔ قبطی آسن باعزّت تھاو مت۔ سبطی یعنی بنی اسرائیل آسن بے عزّت کَرمتِ۔ یمُک تفصیل بییہ بیان کرنہ برونٹھ يَسْتَضْعِفُ طَآئِفَةً مِّنْهُمْ کمزور تہ پست اُوس زانان تموٗ اندرا کس جماعتس یعنی بنی اسرائیلن یتھ پاٹھِ کہ يُذَبِّحُ اَبْنَآءَهُمْ وَيَسْتَحْيٖ نِسَآءَهُمْ کھش اُوس کرہ ناوان تہندین نچوین یمِ نوٚیِ زیوان آسِ مارہ وا تلن ہندِ اَتھہ۔ زندہ اُوس تھاوان تہنزن زنانن، یعنی کورین یتھ تمن اَتھہِ خدمت کرہ ناوٚن۔ بییہ اوسُکھ نہ کورین ہُند خوف تہ خطرہ تہِ کنہی۔ اِنَّهٗ كَانَ مِنَ الْمُفْسِدِيْنَ بیشک اُوس سُو تباہی کرہ ونیو اَندرہ وَنُرِيْدُ اَنْ نَّمُنَّ عَلَى الَّذِيْنَ سُون ارادہ اُوس دِینی و دُنیوی اِحسان کرُن تمن لُوکن پیٹھ اسْتُضْعِفُوْا

فِي الْأَرْضِ وَنَجْعَلَهُمْ أَئِمَّةً وَنَجْعَلَهُمُ الْوَارِثِينَ ۝٥
وَنُمَكِّنَ لَهُمْ فِي الْأَرْضِ وَنُرِيَ فِرْعَوْنَ وَهَامَانَ وَجُنُودَهُمَا
مِنْهُمْ مَا كَانُوا يَحْذَرُونَ ۝٦ وَأَوْحَيْنَا إِلَىٰ أُمِّ مُوسَىٰ أَنْ
أَرْضِعِيهِ ۖ فَإِذَا خِفْتِ عَلَيْهِ فَأَلْقِيهِ فِي الْيَمِّ وَلَا تَخَافِي وَلَا
تَحْزَنِي ۖ إِنَّا رَادُّوهُ إِلَيْكِ وَجَاعِلُوهُ مِنَ الْمُرْسَلِينَ ۝٧
فَالْتَقَطَهُ آلُ فِرْعَوْنَ لِيَكُونَ لَهُمْ عَدُوًّا وَحَزَنًا ۗ إِنَّ

---

فِي الْأَرْضِ وَنَجْعَلَهُمْ أَئِمَّةً وَنَجْعَلَهُمُ الْوَارِثِينَ تمِ کمزور زانہ یوان آسِ اتھ ملکس یعنی سرزمینِ مصرس منز بیہِ بناوو کھ اَسِ تمِ دینکِ پیشواہ بیہِ کروکھ تمے دنیاء س اندر سلطنتک وارِث وَنُمَكِّنَ لَهُمْ فِي الْأَرْضِ بیہِ دِمَو اَسِ موقعہ تمن اتھ ملکس اندر حکومت کرنگ وَنُرِيَ فِرْعَوْنَ وَهَامَانَ وَجُنُودَهُمَا مِنْهُمْ مَا كَانُوا يَحْذَرُونَ بیہِ ہاوَو اَسِ فرعونس تہ ہامانس بیہِ تہنزِہ لشکرِہ بنی اسرائیلن ہندِہ اتھہ سُو چیز یتھ تمِ کھوژان آسِ۔ تفصیل امیُک چھُو یہِ کہِ یلہِ موسیٰ علیہ السلام اَتھ خطرناک زمانس منز پیدہ سپُد وَأَوْحَيْنَا إِلَىٰ أُمِّ مُوسَىٰ أَنْ أَرْضِعِيهِ اَسہِ تروو الہام موسیٰ علیہ السلامہ سندِس والِدس کہ ژہ چاوُن بیہِ فرزند دود۔ اِتِس کالس ژہ بیہِ فرزند پوشیدہ ہیکہ ہَن تھاوِت فَإِذَا خِفْتِ عَلَيْهِ فَأَلْقِيهِ فِي الْيَمِّ ادہ یلہِ ژہ کھوژکھ تمسندِہ حقہ کُنہِ تکلیفس تلہِ تراوُن ژہ سُو دریای نیلس اندر صندوقس منز تھاوِت وَلَا تَخَافِي وَلَا تَحْزَنِي بیہِ یتھنہ ژہ کھوژکھ تمسندس پھٹس یا کانہہ غم برکھ تمنزہ جدائی ہُند إِنَّا رَادُّوهُ إِلَيْكِ وَجَاعِلُوهُ مِنَ الْمُرْسَلِينَ بے شک اَسِ واتناوون سُو فرزند واپس ژےِ نشہِ۔ بیہِ کرون اَسِ سُو پنہ نِس وقس پیٹھ پیغمبروں اندرہ۔ تو پتہ رُوز سو تمن دوَد دِوان اَدہ یلہِ اندیشہِ سپُد کھ کہ راز سپدِہ فاش تو پتہ تھاوکھ اکس صندوقس منز۔ اتی تروٗکھ دریایِ نیلس منز خدایہِ سُند ناو ہیتھ۔ اَمہِ دریایِ نیلک اکھ شاخ اوس فرعونہ سند یو شاہی علاقو منز پکان۔ بیہِ صندوق ووت تیاری فرعونہ سندین علاقن اندر فَالْتَقَطَهُ آلُ فِرْعَوْنَ لِيَكُونَ لَهُمْ عَدُوًّا وَحَزَنًا تو پتہ روٹ بیہِ صندوق فرعونہ سند یو لوکو۔ گھر

فِرْعَوْنَ وَهَامٰنَ وَجُنُوْدَهُمَا كَانُوْا خٰطِـِٕيْنَ ﴿٨﴾ وَقَالَتِ
امْرَاَتُ فِرْعَوْنَ قُرَّتُ عَيْنٍ لِّيْ وَلَكَ ۭ لَا تَقْتُلُوْهُ ڰ
عَسٰٓى اَنْ يَّنْفَعَنَآ اَوْ نَتَّخِذَهٗ وَلَدًا وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ ﴿٩﴾
وَاَصْبَحَ فُؤَادُ اُمِّ مُوْسٰى فٰرِغًا ۭ اِنْ كَادَتْ لَتُبْدِيْ بِهٖ
لَوْلَآ اَنْ رَّبَطْنَا عَلٰي قَلْبِهَا لِتَكُوْنَ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿١٠﴾
وَقَالَتْ لِاُخْتِهٖ قُصِّيْهِ ۡ فَبَصُرَتْ بِهٖ عَنْ جُنُبٍ وَّهُمْ

---

واليو بي بي آسيه ھن سنوواته ھا موسیٰ علیہ السلام کي پوءِ پڇيائين قوله موجب ٿيو سڀڏ ۾ سو تمن لوکن ھنده خيطره دشمن بيه غمگ ته پريشاني ھند باعث اِنَّ فِرْعَوْنَ وَهَامٰنَ وَجُنُوْدَهُمَا كَانُوْا خٰطِـِٕيْنَ بيشڪ فرعون ته ھامان بيه تهنز لشکر آس پنه حقه سخت غلطي کره ون. پنِ دشمن رکھکھه پنه کوڇه کيته وَقَالَتِ امْرَاَتُ فِرْعَوْنَ قُرَّتُ عَيْنٍ لِّيْ وَلَكَ تو پته وون فرعونه سنزه آشنه، آسين، فرعونس بيه فرزند ڇھو ميانين ته چانين اڇھن ھند گاش. بيه ڏڇهنه سيت آسه سون دل ڇولان لَا تَقْتُلُوْهُ يه مته مار تون عَسٰٓى اَنْ يَّنْفَعَنَآ اَوْ نَتَّخِذَهٗ وَلَدًا وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ ديؤه يه آسه بڈ ته فايدے واتناوه. بلکه بناوون اسِ يه پٽن ڇھو. کيازه اسِ ڇھه لاولد. تمن آس نه اوه ونه چانچ خبري کينهه که يه ڇھو سوی فرزند يمه سنده اتھ فرعونه سنز سلطنت ختم سپده وَاَصْبَحَ فُؤَادُ اُمِّ مُوْسٰى فٰرِغًا بيارِ سپز موسیٰ علیہ السلامہ سنزه والده سند دل سخت بيقرار. اِنْ كَادَتْ لَتُبْدِيْ بِهٖ لَوْلَآ اَنْ رَّبَطْنَا عَلٰي قَلْبِهَا لِتَكُوْنَ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ قريب اوس که سو کره ھا ظاھر سارنی نشه يه سورُوی حال، آسِ نے تمسند دِل گنڈِت تھاوِت مضبوط کره ھو ٿيته سو امه پته کينهه کالا گاه گرُهت اطمينان ته يقين کره ونيو اندره ھنه. وَقَالَتْ لِاُخْتِهٖ قُصِّيْهِ فَبَصُرَتْ بِهٖ عَنْ جُنُبٍ وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ تمهِ پته ڈوپ موسیٰ علیہ السلامہ سنزه والدن تهنزه بينه حضرتِ کلثومس وو ته ژه کر تمسند حال دريافت. تو پته درليه سو. واتان واتان واژ فرعونه سند گھره. تته رُوز سو ڇھان امس وو پرازی پاٹ که تمن لوگ نه ٿتی زه يه ڇھه امس ڇه سنز بينه. وَحَرَّمْنَا عَلَيْهِ

لَا يَشْعُرُوْنَ ⑪ وَحَرَّمْنَا عَلَيْهِ الْمَرَاضِعَ مِنْ قَبْلُ فَقَالَتْ
هَلْ اَدُلُّكُمْ عَلٰٓى اَهْلِ بَيْتٍ يَّكْفُلُوْنَهٗ لَكُمْ وَهُمْ لَهٗ
نٰصِحُوْنَ ⑫ فَرَدَدْنٰهُ اِلٰٓى اُمِّهٖ كَيْ تَقَرَّ عَيْنُهَا وَلَا تَحْزَنَ
وَلِتَعْلَمَ اَنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ وَّلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ⑬ ع
وَلَمَّا بَلَغَ اَشُدَّهٗ وَاسْتَوٰٓى اٰتَيْنٰهُ حُكْمًا وَّعِلْمًا ؕ وَكَذٰلِكَ
نَجْزِي الْمُحْسِنِيْنَ ⑭ وَدَخَلَ الْمَدِيْنَةَ عَلٰى حِيْنِ غَفْلَةٍ مِّنْ

---

الْمَرَاضِعَ مِنْ قَبْلُ اَسہِ اَوس بیاکھ تدبیر کورمُت۔ اَسہِ آسہٕ رِٹمژہ برونٹھی پتھ موسیٰ علیہ السلامس
لِشہِ دود دِوہ وِنہ زنانہٕ۔ تمو روٹ نہ کانسہِ زنانہ ہُند دوٗد۔ یہ حال وُچھتِ زون تمسنزِ ہمشیرن موقعہ
غنیمت فَقَالَتْ هَلْ اَدُلُّكُمْ عَلٰٓى اَهْلِ بَيْتٍ يَّكْفُلُوْنَهٗ لَكُمْ وَهُمْ لَهٗ نٰصِحُوْنَ کیاہ بووٗنوٗوہ توہہِ
اکہ گرک پتاہ۔ یِم اَمِس فرزندس ذمہ داری سان رٕچھن۔ تِم آسن اَمسند سیٹھاہ خیر خواہ۔ ژوٗپ ہَس
جلد یُہُن گرِ تہٕ کنیژھاہ۔ سِنو وژھہ تہٕ اَنِ یِہنز والدہ ماجدہ۔ تمو یُتھوی پستان پِنُن تھنہِ س آسن منز ترود۔
تانِ ہیوت تمو دوٗد چون۔ تمہِ دوپ بوٗمن یہِ گرہ۔ تہتِ رِچھن۔ تمو کورُس تسلیم۔ فَرَدَدْنٰهُ اِلٰٓى اُمِّهٖ
كَيْ تَقَرَّ عَيْنُهَا وَلَا تَحْزَنَ پَس سُوزاَسہِ واپس موسیٰ علیہ السلام پنہ نِس وِالدس لِشہِ یُتھ شہلن تھنزہ
اَچھہِ بیہِ سپدن نہ تمِ فراقہ کِس غمس اندر مُبتلا وَلِتَعْلَمَ اَنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ وَّلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ
بیہِ یُتھ سمُو زانہِ کہ اللہ تعالیٰ سُند وعدہ چھُو حق تہٕ پُوز آسان۔ لیکن افسوس کہ واریاہ لُوک یعنی کافِر چھِنہ
یہِ کتھ زانان۔ اتھ کتھ یقین کران وَلَمَّا بَلَغَ اَشُدَّهٗ وَاسْتَوٰٓى اٰتَيْنٰهُ حُكْمًا وَّعِلْمًا تو پتہ یلہِ موسیٰ علیہ
السلام وُوت پنہ طاقت و قوتچہِ وانسہِ بیہِ سپُد پُورہ جوان۔ قوّتِ جسمانی تہٕ قوت عقلی تُہند سپُد مُکمّل، عطا
کوراَسہِ تمن گاٹہ جارتہٕ علم۔ فہم سلیم۔ عقلِ مستقیم، نبوّتہ برونٹھ وَكَذٰلِكَ نَجْزِي الْمُحْسِنِيْنَ اَسِ
چھہِ نیکوکارن یُتھےِ پاٹھ رُت بدلہ عطا کران۔ اَمہِ اَندرہ سپُد معلُوم کہ فرعونہ سُند مشرب اُوس نہ تموٗ کُنہِ
وقتہ اختیار کورمُت بلکہ آسِ تمہِ نِشہِ مُتنفّر۔ اَمی زمانُک اکھ واقعاہ سپُد کہ موسیٰ علیہ السلام آس اکہ دوہہ

أَهْلِهَا فَوَجَدَ فِيهَا رَجُلَيْنِ يَقْتَتِلَانِ هَٰذَا مِنْ شِيعَتِهِ وَهَٰذَا
مِنْ عَدُوِّهِ ۖ فَاسْتَغَاثَهُ الَّذِي مِنْ شِيعَتِهِ عَلَى الَّذِي مِنْ
عَدُوِّهِ فَوَكَزَهُ مُوسَىٰ فَقَضَىٰ عَلَيْهِ ۖ قَالَ هَٰذَا مِنْ عَمَلِ الشَّيْطَانِ ۖ
إِنَّهُ عَدُوٌّ مُضِلٌّ مُبِينٌ ﴿۱۵﴾ قَالَ رَبِّ إِنِّي ظَلَمْتُ نَفْسِي فَاغْفِرْ لِي
فَغَفَرَ لَهُ ۚ إِنَّهُ هُوَ الْغَفُورُ الرَّحِيمُ ﴿۱۶﴾ قَالَ رَبِّ بِمَا أَنْعَمْتَ عَلَيَّ
فَلَنْ أَكُونَ ظَهِيرًا لِلْمُجْرِمِينَ ﴿۱۷﴾ فَأَصْبَحَ فِي الْمَدِينَةِ خَائِفًا

---

شہرہ نیبر۔ تو پتہ یلہِ واپس آے وَدَخَلَ الْمَدِينَةَ عَلَىٰ حِينِ غَفْلَةٍ مِنْ أَهْلِهَا تو پتہ ژاے اَتھ شہرس منز تمہِ وقتہ یلہِ اتکِ لُوکھ آسِ بے خبر رات کیُت شونگتھ یا دُپہرس قیلولہ کران فَوَجَدَ فِيهَا رَجُلَيْنِ يَقْتَتِلَانِ تو پتہ وچھِ تموٗ اَتھ شہرس اندر زن جوراہ ہرہ ہر کران هَٰذَا مِنْ شِيعَتِهِ وَهَٰذَا مِنْ عَدُوِّهِ اَکھ اوس یمو منزہ تہندِہ جماعتک یعنی نبی اسرائیلو اَندرہ بیاکھ اُوس تہندیو دُشمنو اَندرہ یعنی فرعونہ سندیو متعلقو اَندرہ فَاسْتَغَاثَهُ الَّذِي مِنْ شِيعَتِهِ عَلَى الَّذِي مِنْ عَدُوِّهِ پس موٗنگ مدد تمِ شخصن یُس تہنزِہ برادری ہُند اوس تَس شخصس پیٹھ یُس تہندیو دُشمنو اَندرہ اوس۔ گوڈہ کرے ہَس تموٗ زبانی فہمائش۔ یلہِ نہ تم کینہہ موٗن فَوَكَزَهُ مُوسَىٰ فَقَضَىٰ عَلَيْهِ پس لایِ تَس موسیٰ علیہ السلام من اَکھ مُکھالِ تہ اتفاقاً سپُد سُو ختم۔ یعنی سُو موٗد تمِی اَکہ مُکھالہِ سیتِ۔ اگرچہ مارنکہ قصدہ لاے نہ تموٗ سُو مُشت بلکہ اوس غرض تَس تنبیہ کرُن زِہ سیتی سپُد تمن امیک احساس۔ قَالَ هَٰذَا مِنْ عَمَلِ الشَّيْطَانِ دوپکھ یہِ گیہِ شیطانہ سنز کوٗم۔ یہِ کورنہ مہِ جان إِنَّهُ عَدُوٌّ مُضِلٌّ مُبِينٌ بیشک سُو چھُو گُمراہ کرہ وُن تہ دُشمن انسانہ سُند۔ کتھہ پاٹھِ چھُو سُو اِنسانس غلطی منز تراوان۔ چنانچہ خدایس کُن کورُکھ رجوع قَالَ رَبِّ إِنِّي ظَلَمْتُ نَفْسِي فَاغْفِرْ لِي فَغَفَرَ لَهُ دوپکھ ای میانہِ پروردگارہ مہِ کور ظُلم پانِ پانس پس کرزہ مہِ مغفرت پس کرکھ تس مغفرت إِنَّهُ هُوَ الْغَفُورُ الرَّحِيمُ پٔز پاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن سیٹھاہ رحم کرہ وُن قَالَ رَبِّ بِمَا أَنْعَمْتَ عَلَيَّ فَلَنْ أَكُونَ ظَهِيرًا لِلْمُجْرِمِينَ بیہِ دوپکھ میانہِ پروردگارہ چونکہ ژہ کرت پنِنِ نعمت مہ عطا لہٰذا اسپدنہ بو ہرگز کانسہ

يَّتَرَقَّبُ فَاِذَا الَّذِي اسْتَنْصَرَهٗ بِالْاَمْسِ يَسْتَصْرِخُهٗ ۭ قَالَ
لَهٗ مُوْسٰٓى اِنَّكَ لَغَوِيٌّ مُّبِيْنٌ ⑱ فَلَمَّآ اَنْ اَرَادَ اَنْ يَّبْطِشَ
بِالَّذِيْ هُوَ عَدُوٌّ لَّهُمَا ۙ قَالَ يٰمُوْسٰٓى اَتُرِيْدُ اَنْ تَقْتُلَنِيْ
كَمَا قَتَلْتَ نَفْسًۢا بِالْاَمْسِ ڰ اِنْ تُرِيْدُ اِلَّآ اَنْ تَكُوْنَ جَبَّارًا
فِي الْاَرْضِ وَمَا تُرِيْدُ اَنْ تَكُوْنَ مِنَ الْمُصْلِحِيْنَ ⑲ وَجَاۗءَ

---

مُجرم سُند مددگار۔ امہ واقعہ سِپُڈ شہرس منزچرچہ۔ مگریہ آس نہ کانسہ خبرکہ ہرہ قتل کنم چھو کورمت۔ صرف آس خبر اسرائیلیس۔ تمسنر حمایت مُوسیٰ علیہ السلامن کر۔ زالتی اُوس مُوسیٰ علیہ السلام اندیشہ سی اندر فَاَصْبَحَ فِي الْمَدِيْنَةِ خَاۗىِٕفًا يَّتَرَقَّبُ پگاہ صُبحس ڈو تھ مُوسیٰ علیہ السلام اَتھ شہرس اندر خوف و وحشتہ کِس حالس اندر تہ پاران اُوس خبر چھاوَن کیاہ بنہ فَاِذَا الَّذِي اسْتَنْصَرَهٗ بِالْاَمْسِ يَسْتَصْرِخُهٗ اتی آکھ بیہ سُوراتھ شخص یُس مدد منگان اوسُھ کریکہ نادکران مددہ خیطرہ قَالَ لَهٗ مُوْسٰٓى اِنَّكَ لَغَوِيٌّ مُّبِيْنٌ مُوسیٰ علیہ السلامن فرموو تمِس ژہ چھوکھ پنز پاٹھ بالکل وتہ نشہ ڈولمت۔ دوہے چھوکھ ژہ لوکن سیت لڑایہ کران۔ مُوسیٰ علیہ السلامس سِپُڈ قراینو سیت معلوم کہ یتھ اَز کِس قضیس منز تہ چھہ صاف فرعونی سندی طرفہ زیادتی فَلَمَّآ اَنْ اَرَادَ اَنْ يَّبْطِشَ بِالَّذِيْ هُوَ عَدُوٌّ لَّهُمَا امہ پتہ یلہ اِرادہ کور تمو تس شخصہ سندہ رٹنک یُس تمن دوشونِ ہند دُشمن اُوس یعنی قبطی۔ امس اسرائیلیس گوگمان کہ زبانی کور حضرتِ مُوسیٰ اَن مہ پیٹھ اِظہارِ ناراضگی۔ وون ماتُل تمو عملی سزادِنہ خیطرہ مہ پیٹھ دستِ مُبارک قَالَ يٰمُوْسٰٓى اَتُرِيْدُ اَنْ تَقْتُلَنِيْ كَمَا قَتَلْتَ نَفْسًۢا بِالْاَمْسِ سُو لوگ وننہ ای مُوسیٰ کیاہ تُہہ چھوہ یژھان مہ تہ مارُن یتھ پاٹھ یوہ توہہ اکھ اِنسان مُورہ وَن اِنْ تُرِيْدُ اِلَّآ اَنْ تَكُوْنَ جَبَّارًا فِي الْاَرْضِ وَمَا تُرِيْدُ اَنْ تَكُوْنَ مِنَ الْمُصْلِحِيْنَ معلوم چھو سِپدان تُہہ چھوہ نہ یژھان مگر زبردست بنُن۔ لوکن اندر اہرہ یہہ ناؤن۔ تُہہ چھوہ نہ ہرگز یژھان اصلاح کرہ ونیو اَندرہ آسُن۔ یہ لفظ یلہ بُوزام قبطین۔ یارکن اُوس ہُمس راتہ کِس قبطی سندہ قتلک شورو وتہمت۔ قاتلس اُوس ژھانڈ و لوگمت۔ سُو

رَجُلٌ مِّنْ اَقْصَا الْمَدِيْنَةِ يَسْعٰى ؗ قَالَ يٰمُوْسٰۤى اِنَّ الْمَلَاَ
يَاْتَمِرُوْنَ بِكَ لِيَقْتُلُوْكَ فَاخْرُجْ اِنِّيْ لَكَ مِنَ النّٰصِحِيْنَ ﴿٢٠﴾
فَخَرَجَ مِنْهَا خَآئِفًا يَّتَرَقَّبُ ؗ قَالَ رَبِّ نَجِّنِيْ مِنَ الْقَوْمِ الظّٰلِمِيْنَ ﴿٢١﴾ؑ
وَلَمَّا تَوَجَّهَ تِلْقَآءَ مَدْيَنَ قَالَ عَسٰى رَبِّيْۤ اَنْ يَّهْدِيَنِيْ سَوَآءَ
السَّبِيْلِ ﴿٢٢﴾ وَلَمَّا وَرَدَ مَآءَ مَدْيَنَ وَجَدَ عَلَيْهِ اُمَّةً مِّنَ
النَّاسِ يَسْقُوْنَ ؗ وَوَجَدَ مِنْ دُوْنِهِمُ امْرَاَتَيْنِ تَذُوْدٰنِ ۚ

---

گوڈکھ ہیتھ فرعونس خبر دِنہٕ خیطرٕ ہ۔ تمی کٔرٕ جمع مشورہ خیطرٕ ہ پنٕن دربار۔ دربارس منز سپد طے کہ مُوسیٰ علیہ السلام گژھہ قتل مُن کرنہٕ۔ وَجَآءَ رَجُلٌ مِّنْ اَقْصَا الْمَدِيْنَةِ يَسْعٰى امہٕ مجلسہٕ اَندرہ ڈو تھ اکھ شخصاہ یُس مُوسیٰ علیہ السلامہ سندیو محبوٚ اَندرہ اُوس شہر کہ بیہ اندہ پیٹھ یتہ یہ مشورہ سپدان اُوس آوسُو نزدیک کوچو منز دوران دوران مُوسیٰ علیہ السلامس نشہٕ قَالَ يٰمُوْسٰۤى اِنَّ الْمَلَاَ يَاْتَمِرُوْنَ بِكَ لِيَقْتُلُوْكَ فَاخْرُجْ اِنِّيْ لَكَ مِنَ النّٰصِحِيْنَ تمی شخصن دُوپ اَی مُوسیٰ پتز پاٹھٕ فرعونہ سُند دربار چھو مشورہ کران تُہندِ ہ مارنہ خیطرٕ ہ لہذا نیرِ وٕتھہ یمہٕ شہرٕ ہ منزٕ جلد پہٕن۔ پتز پاٹھٕ بُو چھُس تُہندِ ہ خیطرٕ ہ رُت یژھہ دنیو اَندرہ فَخَرَجَ مِنْهَا خَآئِفًا يَّتَرَقَّبُ یہ بُوزِت دراو مُوسیٰ علیہ السلام اَمہٕ شہرٕ ہ اَندرہ کھوژان کھوژان، اندیشہ کران زِ پتہ ما آسیم کانہہ سپاہ لاران قَالَ رَبِّ نَجِّنِيْ مِنَ الْقَوْمِ الظّٰلِمِيْنَ نیرنہٕ وقتہ کوٚرُکھ دُعا ای میانہٕ پرٔوردگارہ نجات دِہ مےٚ تمن ظالم لُکن نشہٕ کُنہٕ اَمنچہ جایہ وانٲوِت وَلَمَّا تَوَجَّهَ تِلْقَآءَ مَدْيَنَ قَالَ عَسٰى رَبِّيْۤ اَنْ يَّهْدِيَنِيْ سَوَآءَ السَّبِيْلِ تو پتہ یلہٕ تمہٕ شہر مدینس کُن متوجّہ سپد خبر آسکھ نہ بوکوت چھُس پکان دوپکھ دیوہ مےٚ پنٕن پروردگار امنچہٕ جایہ کُن سیزٕ وَتھ ہاوِ ہ۔ چنانچہ تی سپد وَلَمَّا وَرَدَ مَآءَ مَدْيَنَ تمہٕ پتہ یلہٕ آٹھٕ دُوہٕ وات شہر مدینہ کس اَکس کریرِس پیٹھ وَجَدَ عَلَيْهِ اُمَّةً مِّنَ النَّاسِ يَسْقُوْنَ تتہٕ وچھکھ پہلین ہنز اکھ جماعتھاہ چاروٲین ترٚیش چاوان۔ وَوَجَدَ مِنْ دُوْنِهِمُ امْرَاَتَيْنِ تَذُوْدٰنِ بیہ وچھکھ تمن لوکن ورای الگ اِکس طرفس کُن رُوزِت زنانہ جوراہ پنہ نین چاروٲین ترٚیش چنہٕ نشہٕ پتھ

قَالَ مَا خَطْبُكُمَا ؕ قَالَتَا لَا نَسْقِیْ حَتّٰی یُصْدِرَ الرِّعَآءُ ٚ وَ اَبُوْنَا
شَیْخٌ كَبِیْرٌ ﴿۲۳﴾ فَسَقٰی لَهُمَا ثُمَّ تَوَلّٰۤی اِلَی الظِّلِّ فَقَالَ رَبِّ اِنِّیْ
لِمَاۤ اَنْزَلْتَ اِلَیَّ مِنْ خَیْرٍ فَقِیْرٌ ﴿۲۴﴾ فَجَآءَتْهُ اِحْدٰىهُمَا تَمْشِیْ عَلَی
اسْتِحْیَآءٍ ٘ قَالَتْ اِنَّ اَبِیْ یَدْعُوْكَ لِیَجْزِیَكَ اَجْرَ مَا سَقَیْتَ لَنَا ؕ

---

رٹان قَالَ مَا خَطْبُكُمَا تمن پرژھک تُہند مطلب کیاہ چھُو تُہہ کیازِہ چھوہ نہ پنہ نین چارپاین تریش چاوان قَالَتَا لَا نَسْقِیْ حَتّٰی یُصْدِرَ الرِّعَآءُ تمو وِیَو زنانو وونُکھ اَسِ نہ حض چھِنہ تریش چاوان یُو تان نہ تِم پہلِ واپس گرژھان چھِہ پنن تیر ہیتھ۔ تو پتہ یُوسہ آبہ ہن بچے مژ آسان چھہ سو چھِہ اَسِ پنہ نین تیرن دِوان حیاء شرمہ ہندہ وجہ بیہ یُتھنہ مَردَن سیتِ مزاحمت سپدِہ۔ اَسِ حض سمہِ ہوی نہ مگر اَسہِ چھُونہ گرس منز مرداہ کانہہ تِہ۔ وَاَبُوْنَا شَیْخٌ كَبِیْرٌ بابہ صیب سون چھُو بُڈہ واریاہ وانسہِ کِنِ۔ گرس منز چھونہ کام کرہ وِن کانہہ تِہ۔ مجبوراً چھِہ اَسِ پانہ یِوان تیرن تریش چاونہِ۔ یہِ بُوزِت آو مُوسیٰ علیہ السلام سندِس دِلِ مُبارکس منز رحم۔ فَسَقٰی لَهُمَا اَتی لومُکھ ارہٹس۔ تو پتہ کھورُکھ اَمہِ کیرِہ منزہ آب۔ سُوی چاوِکھ تِہندِ جانور تمن دُون زنانن پیوِنہ انتظارُک تکلیف تُلن ثُمَّ تَوَلّٰۤی اِلَی الظِّلِّ فَقَالَ رَبِّ اِنِّیْ لِمَاۤ اَنْزَلْتَ اِلَیَّ مِنْ خَیْرٍ فَقِیْرٌ تو پتہ گے موسیٰ علیہ السلام اکہ کُلہِ کِس سایس تل تو پتہ کورُکھ دُعا۔ ای میانہِ پروردگارہ یُوسہ نعمتاہ ژِہ مہ کُن سوزکھ کم یازیادہ بُہ چھُوس تتھ کُن سخت محتاج۔ کیازہ اتھ سفرس منز آسِ واریاہ دوہ گامِت۔ تمن اوس نہ کِہنہ چینہ خیطرہ کینہہ تِہ میسر سپدُمُت۔ اللہ تعالیٰ ان کور تمُک سامان مُہیا کہ تمہِ دو شوے زنانہ گیہِ گرہ پُنن۔ تمن پُرژھہ بابہ صیبن از کتھہ پاٹھِ آیوہ تُہہ دوہہ خوتہ سُلی پہَن۔ تمو کورہکھ سورُوی قِصّہ بیان فَجَآءَتْهُ اِحْدٰىهُمَا تَمْشِیْ عَلَی اسْتِحْیَآءٍ تمو سُوزاکھ کُور مُوسیٰ علیہ السلامس نادَس۔ سو یلہِ تمن نِشہِ منِد چھہِ منِد چھہِ شرم وحیاء سان آیہ، یہ شریف زادین ہُند عادت چھُو قَالَتْ اِنَّ اَبِیْ یَدْعُوْكَ لِیَجْزِیَكَ اَجْرَ مَا سَقَیْتَ لَنَا دُوپُنکھ مُیون والِد بزرگوار چھُو تُہہِ نادِ دِوان تاکہ سُو دِیہِ تُہہِ امہِ احسانُک بدلہ یُس تُہہِ اَسہِ سیت کورو۔ مُوسیٰ علیہ السلام گئے آمسندہ وئنہ

فَلَمَّا جَآءَهُۥ وَقَصَّ عَلَيْهِ الْقَصَصَ ۙ قَالَ لَا تَخَفْ ۖ نَجَوْتَ مِنَ
الْقَوْمِ الظّٰلِمِيْنَ ﴿٢٥﴾ قَالَتْ اِحْدٰىهُمَا يٰٓاَبَتِ اسْتَاْجِرْهُ ۖ اِنَّ خَيْرَ
مَنِ اسْتَاْجَرْتَ الْقَوِيُّ الْاَمِيْنُ ﴿٢٦﴾ قَالَ اِنِّيْٓ اُرِيْدُ اَنْ اُنْكِحَكَ
اِحْدَى ابْنَتَيَّ هٰتَيْنِ عَلٰٓى اَنْ تَاْجُرَنِيْ ثَمٰنِيَ حِجَجٍ ۚ فَاِنْ اَتْمَمْتَ
عَشْرًا فَمِنْ عِنْدِكَ ۚ وَمَآ اُرِيْدُ اَنْ اَشُقَّ عَلَيْكَ ۚ سَتَجِدُنِيْٓ اِنْ

---

موجب اوس سیت۔ وتہ پکان فرموو موسیٰ علیہ السلام اوس دید صابہ ژہ پکھ مہ پتہ پتہ۔ بو پکہ ژہ برونٹھ برونٹھ۔ بو چھوس پیغمبرزادہ۔ ابراہیم علیہ السلامہ سندیو اولادو اندرہ۔ آس چھنہ ووپر زنانہ گن بلا ضرورت قصداً نظر دِنِ پسند کران۔ چنانچہ تتھے پاٹھِ واتِ تم یہندِس بابہ صابس نشہ فَلَمَّا جَآءَهُۥ وَقَصَّ عَلَيْهِ الْقَصَصَ قَالَ لَا تَخَفْ نَجَوْتَ مِنَ الْقَوْمِ الظّٰلِمِيْنَ اَدہ یلہ موسیٰ علیہ السلام آو تہندِس بابہ صیبس، شعیب علیہ السلامس نشہ تو پتہ کور کھ تمن نشہ پنن سوری قصہ بیان تمو دِتھک تسلّی۔ دوپہک وونِ مہ برِ وکانہہ غم۔ تھہ لبو نجات ظالم لوکن نشہ۔ یوت ہیکن نہ تم واتتھ۔ کیازِ یہ شہر چھنہ فرعونہ سنزِ عملداری منز شامل۔ قَالَتْ اِحْدٰىهُمَا يٰٓاَبَتِ اسْتَاْجِرْهُ تمو دویو زنانو اندرہ ووِن اکہ زنانہ شعیب علیہ السلامس ای میانہِ بابہ صابہ تو ہہِ چھہ ملازم رٹہ رچ ضرورت۔ اَس بڑے یہ وَنِ سون چار واین سیتِ ترلیش چاونا ونہ خیطرہ نیرن چھونہ وَن مناسب۔ یہ رٹن پزہ تھہ ملازم اِنَّ خَيْرَ مَنِ اسْتَاْجَرْتَ الْقَوِيُّ الْاَمِيْنُ پزپاٹھِ تم ژہ ملازم رٹہ ہکھ تمو اندرہ چھو بہتر لس طاقتور تہ امانتدار آسِ۔ تم دوشوے صفت چھہ تمن اندر موجود قَالَ اِنِّيْٓ اُرِيْدُ اَنْ اُنْكِحَكَ اِحْدَى ابْنَتَيَّ هٰتَيْنِ عَلٰٓى اَنْ تَاْجُرَنِيْ ثَمٰنِيَ حِجَجٍ شعیب علیہ السلامن دوپ حضرتِ موسیٰ اس بو چھوس یژھان بو کرہ تو ہہِ نکاح تمو پتہ تیو دویو صاحبزادیو اندرہ اکس صاحبزادہِ سیتِ یُس تھہ پسند کریون یتھ شرطس پیٹھ کہ آٹھن ورہن روزِ مہ نشہ ملازم فَاِنْ اَتْمَمْتَ عَشْرًا فَمِنْ عِنْدِكَ تو پتہ ہرگا تھہ پورہ دہن ورہن روزِ وسو چھہ تہنز مہربانی۔ میانہِ طرفہ جبر تہ زور چھونہ۔ وَمَآ اُرِيْدُ اَنْ اَشُقَّ عَلَيْكَ بو چھوس نہ یژھان تو ہہِ پیٹھ

شَآءَ اللّٰهُ مِنَ الصّٰلِحِيْنَ ﴿٢٧﴾ قَالَ ذٰلِكَ بَيْنِيْ وَبَيْنَكَ ؕ اَيَّمَا الْاَجَلَيْنِ
قَضَيْتُ فَلَا عُدْوَانَ عَلَيَّ ؕ وَاللّٰهُ عَلٰى مَا نَقُوْلُ وَكِيْلٌ ﴿٢٨﴾ ع
فَلَمَّا قَضٰى مُوْسَى الْاَجَلَ وَسَارَ بِاَهْلِهٖۤ اٰنَسَ مِنْ جَانِبِ
الطُّوْرِ نَارًا ۚ قَالَ لِاَهْلِهِ امْكُثُوْۤا اِنِّيْۤ اٰنَسْتُ نَارًا لَّعَلِّيْۤ اٰتِيْكُمْ
مِّنْهَا بِخَبَرٍ اَوْ جَذْوَةٍ مِّنَ النَّارِ لَعَلَّكُمْ تَصْطَلُوْنَ ﴿٢٩﴾
فَلَمَّاۤ اَتٰىهَا نُوْدِيَ مِنْ شَاطِئِ الْوَادِ الْاَيْمَنِ فِي الْبُقْعَةِ
الْمُبٰرَكَةِ مِنَ الشَّجَرَةِ اَنْ يّٰمُوْسٰۤى اِنِّيْۤ اَنَا اللّٰهُ رَبُّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿٣٠﴾ ۙ

---

مِتهه مُعاملي ۾ اندر دشواري ۽ مشقّت ڪرڻ وارو نه آهيان سَتَجِدُنِيْۤ اِنْ شَآءَ اللّٰهُ مِنَ الصّٰلِحِيْنَ تون مون کي ڏسندين ته انشاءَ الله رتيلو منزه، رُت مُعاملي کره ونيو اندره قَالَ ذٰلِكَ بَيْنِيْ وَبَيْنَكَ تمو ووچهه سيه سپُڊ توهه ته مه منز پخته مُعاهده مگر اَيَّمَا الْاَجَلَيْنِ قَضَيْتُ فَلَا عُدْوَانَ عَلَيَّ مه چهوا اختيار تمو ووپَه مُدتو اندره يُس مُدّت بو پُوره كره۔ مه پيٹھه پيه نه كرنه كانهه زيادتي ته جبر وَاللّٰهُ عَلٰى مَا نَقُوْلُ وَكِيْلٌ الله تعالىٰ چهُو سانه تمه مُعاهدك گواه كافي فَلَمَّا قَضٰى مُوْسَى الْاَجَلَ وَسَارَ بِاَهْلِهٖ تمه پته يلهِ موسىٰ عليه السلامن مُلازمتك مدّت پُوره كور دراواتهِ شعيب عليه السلامس اِجازت هيتهِ پنن عيال هيتهِ مصر س كُن يا شامس كُن گرِشهنه خيطره اٰنَسَ مِنْ جَانِبِ الطُّوْرِ نَارًا وَتهِ پكان لجهِ اكهِ تير بيه آكهه نه انهِ گته هندِه سبه وَتهِ اتههِ۔ اتي وچهُكهه كوهِ طوركهِ طرفه ناراه قَالَ لِاَهْلِهِ امْكُثُوْۤا اِنِّيْۤ اٰنَسْتُ نَارًا لَّعَلِّيْۤ اٰتِيْكُمْ مِّنْهَا بِخَبَرٍ اَوْ جَذْوَةٍ مِّنَ النَّارِ لَعَلَّكُمْ تَصْطَلُوْنَ باڙن پنه نين فرموؤكه تهه ٹهرِ ويته تهي۔ مه وُچهه ناراه۔ بوگرِشه تته نارس نِشهِ۔ ديوه بُو يموه وَنهِ هنز كانهه خبراه هيتهِ يا ناره تيوُ نگاه هيتهِ يتهِ تهه پان وشناوِو تمه ناره سيت فَلَمَّاۤ اَتٰىهَا نُوْدِيَ مِنْ شَاطِئِ الْوَادِ الْاَيْمَنِ فِي الْبُقْعَةِ الْمُبٰرَكَةِ مِنَ الشَّجَرَةِ اَنْ يّٰمُوْسٰۤى اِنِّيْۤ اَنَا اللّٰهُ رَبُّ الْعٰلَمِيْنَ توپته يلهِ موسىٰ عليه السلام اتهه نارس نكهه تل واتِ امه ميدانكه وچهنهِ طرفه بابركت جايه

وَاَنْ اَلْقِ عَصَاكَ ۗ فَلَمَّا رَاٰهَا تَهْتَزُّ كَاَنَّهَا جَآنٌّ وَّلّٰى
مُدْبِرًا وَّلَمْ يُعَقِّبْ ۗ يٰمُوْسٰٓى اَقْبِلْ وَلَا تَخَفْ ۣ اِنَّكَ مِنَ
الْاٰمِنِيْنَ ﴿٣١﴾ اُسْلُكْ يَدَكَ فِيْ جَيْبِكَ تَخْرُجْ بَيْضَآءَ مِنْ
غَيْرِ سُوْٓءٍ ۡ وَّاضْمُمْ اِلَيْكَ جَنَاحَكَ مِنَ الرَّهْبِ فَذٰنِكَ بُرْهَانٰنِ
مِنْ رَّبِّكَ اِلٰى فِرْعَوْنَ وَمَلَا۟ئِهٖ ۭ اِنَّهُمْ كَانُوْا قَوْمًا فٰسِقِيْنَ ﴿٣٢﴾
قَالَ رَبِّ اِنِّيْ قَتَلْتُ مِنْهُمْ نَفْسًا فَاَخَافُ اَنْ يَّقْتُلُوْنِ ﴿٣٣﴾

---

پيڙهه اڪيلي ڪُلهِ منهنجو ڳوڪه آلو زه اي مُوسىٰ بيشڪ ٻُوڻي پهوس معبُود برحق ـ عالمين هُند رُبّ ـ وَاَنْ اَلْقِ عَصَاكَ بياکه آلو ڳوکه کهِ لوره هَن پنِ تراوِو پنٿر فَلَمَّا رَاٰهَا تَهْتَزُّ كَاَنَّهَا جَآنٌّ وَّلّٰى مُدْبِرًا وَّلَمْ يُعَقِّبْ لورِه پنٿر تراوِ تهيلهِ ڏٺکه سولورزاوِ لس سرفه سندپاٺه صُر صُر ڪران ـ تهِ ڏچهتِ ٿهارے ته کهوڙ ـ تهر پهرتِ هيو تکڪهه ڏُلن ـ عيالس ڳن هيو ٺُکهه گڙهن ـ پُوت نظرتهِ ڏڙکه نه ـ الله تعالىٰ اَن فرموڏس يٰمُوْسٰٓى اَقْبِلْ وَلَا تَخَفْ اِنَّكَ مِنَ الْاٰمِنِيْنَ اي مُوسىٰ برونٺه پڇهه کهوڙمه بيشڪ ٺُهه ڇهوه اَمنس منزروزه ونيو اَندره ـ توهہِ واتهِ نه کانهه تکليف ـ يه پڇهنه کانهه کهوڙڇ ڪتهاه ـ بلکهِ پڇهويه ٺُهند مُعجزه ـ بياکه مُعجزه ڇهو ٺُهندُ اُسْلُكْ يَدَكَ فِيْ جَيْبِكَ تَخْرُجْ بَيْضَآءَ مِنْ غَيْرِ سُوْٓءٍ تراوِو ٺُهه اَتهه پَن ناڪس پنه ٻِس منزـ تو پتهِ ڪنڏ وِ سُو اَتهه نيرِه سفيد پهه پهه ڪرهڏن ـ ڪُنهِ بيماري وراي ـ وَّاضْمُمْ اِلَيْكَ جَنَاحَكَ مِنَ الرَّهْبِ اگر ٺُهه عصاءِس اژدهابڻه سيتِ خُوف پيده سپڊه سُو دُور ڪرنه خيطره ملناوبيه پَن اَتهه پنه ٻِس گرڏهس سيت سُو سپڊه بيهِ ٿهوي يُٺه اُوس اصلي حالتس اندر تمهِ سيتِ ڏلهِ توهہِ خُوف ته کهوڙن فَذٰنِكَ بُرْهَانٰنِ مِنْ رَّبِّكَ اِلٰى فِرْعَوْنَ وَمَلَا۟ئِهٖ تَيِ زه چيز لورته سفيد اَتهه يعني يدِ بيضاء ڇهه زه ٻجهِ دليله ٺُهندِس پروردگاره سندِه طرفه فرعونس ته ٺهندن وزيرن ته اميرن ڙشهِ گرڙهنه خيطره تمڳ توهہِ حُڪم ڪرنه يوان ڇهو اِنَّهُمْ كَانُوْا قَوْمًا فٰسِقِيْنَ بيشڪ تمِ ڇهِ جماعتاه سخت نافرمان قَالَ رَبِّ اِنِّيْ قَتَلْتُ مِنْهُمْ نَفْسًا فَاَخَافُ اَنْ يَّقْتُلُوْنِ مُوسىٰ عليه السلام ڏوپ، اي مياڻهِ پروردگاره ٻُو ڇهوس گرڙهنه

وَاَخِيْ هٰرُوْنُ هُوَ اَفْصَحُ مِنِّيْ لِسَانًا فَاَرْسِلْهُ مَعِيَ رِدْاً
يُّصَدِّقُنِيْٓ اِنِّيْٓ اَخَافُ اَنْ يُّكَذِّبُوْنِ ﴿٣٤﴾ قَالَ سَنَشُدُّ
عَضُدَكَ بِاَخِيْكَ وَنَجْعَلُ لَكُمَا سُلْطٰنًا فَلَا يَصِلُوْنَ
اِلَيْكُمَا ۚ بِاٰيٰتِنَآ ۚ اَنْتُمَا وَمَنِ اتَّبَعَكُمَا الْغٰلِبُوْنَ ﴿٣٥﴾
فَلَمَّا جَآءَهُمْ مُّوْسٰى بِاٰيٰتِنَا بَيِّنٰتٍ قَالُوْا مَا هٰذَآ اِلَّا سِحْرٌ
مُّفْتَرًى وَّمَا سَمِعْنَا بِهٰذَا فِيْٓ اٰبَآئِنَا الْاَوَّلِيْنَ ﴿٣٦﴾ وَقَالَ
مُوْسٰى رَبِّيْٓ اَعْلَمُ بِمَنْ جَآءَ بِالْهُدٰى مِنْ عِنْدِهٖ وَمَنْ تَكُوْنُ

---

خیطرہ چانس حکمس تعمیل کرنہ خیطرہ تیار۔ مگر زہ چھُس خبری کہ مےٚ چھُو مورمُت تُہند اکھ شخصاہ لہٰذا اچھُو مےٚ خطرہ گژھان تِہ تم ما مارن تہندِ بدلہ مےٚ۔ تبلیغ کرنک اِیہِ نہ موقعے وَاَخِيْ هٰرُوْنُ هُوَ اَفْصَحُ مِنِّيْ لِسَانًا فَاَرْسِلْهُ مَعِيَ رِدْاً يُّصَدِّقُنِيْٓ مےٚ چھُو گژھان پھِھیر زیوہِ منز۔ میون بُوی ہارُون چھُو میانہِ خوتہ فصیح زیوہ کن۔ سُو تہِ سوزتن مےٚ سیت مدد گار۔ سُو کرِہ ما میانِس تقریرِس تائیدتہ تصدیق مُفصل پاٹھِ ونہ ہاسو تمن میانِ کتھ۔ اِنِّيْٓ اَخَافُ اَنْ يُّكَذِّبُوْنِ کیازِہ بو چھُس کھوژان تم گژھِہ نہ مےٚ اپزِ بوزانِ قَالَ سَنَشُدُّ عَضُدَكَ بِاَخِيْكَ وَنَجْعَلُ لَكُمَا سُلْطٰنًا فَلَا يَصِلُوْنَ اِلَيْكُمَا اللہ تعالیٰ اَن فرموٗس کہ واقعی ضرور گرُواس مضبوط تُہنز نرتُہندِس بایِ سندِ سیتِ بیہ دِمووہ توہہ دُوشون اکھ خاص شوکتھاہ تہ ہیبتھاہ۔ بیہ سُو طاقتھاہ یمہ سیت نہ توہہ تم کانہہ تکلیف ہیکن واتہ ناوِت۔ بِاٰيٰتِنَا اَنْتُمَا وَمَنِ اتَّبَعَكُمَا الْغٰلِبُوْنَ یَس گژھو سانِ آیات تہ مُعجزات ہیتھ تُہہ دُوشوے بیہ تم تُہنز پیروی کرن۔ رُوزِو ضرور تمن پیٹھ غالب۔ فَلَمَّا جَآءَهُمْ مُّوْسٰى بِاٰيٰتِنَا بَيِّنٰتٍ قَالُوْا مَا هٰذَآ اِلَّا سِحْرٌ مُّفْتَرًى وَّمَا سَمِعْنَا بِهٰذَا فِيْٓ اٰبَآئِنَا الْاَوَّلِيْنَ تو پتہ یلہِ آو تمن نشہ موسیٰ علیہ السلام سانِ واضح تہ نن آیات ہیتھ، تم لگ ونہ بیہ چھُونہ مگر جو داہ، خدائس پیٹھ خوامخواہ ٹھہراونہ آمُت۔ اَسہ چھُنہ یمہ کتھ بُوزمُژ پنہ

لَهٗ عَاقِبَةُ الدَّارِ ۭ اِنَّهٗ لَا يُفْلِحُ الظّٰلِمُوْنَ ﴿٣٧﴾ وَقَالَ فِرْعَوْنُ
يٰٓاَيُّهَا الْمَلَاُ مَا عَلِمْتُ لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرِيْ ۚ فَاَوْقِدْ لِيْ
يٰهَامٰنُ عَلَى الطِّيْنِ فَاجْعَلْ لِّيْ صَرْحًا لَّعَلِّيْٓ اَطَّلِعُ اِلٰٓى
اِلٰهِ مُوْسٰى ۙ وَاِنِّىْ لَاَظُنُّهٗ مِنَ الْكٰذِبِيْنَ ﴿٣٨﴾ وَاسْتَكْبَرَ
هُوَ وَجُنُوْدُهٗ فِى الْاَرْضِ بِغَيْرِ الْحَقِّ وَظَنُّوْٓا اَنَّهُمْ اِلَيْنَا
لَا يُرْجَعُوْنَ ﴿٣٩﴾ فَاَخَذْنٰهُ وَجُنُوْدَهٗ فَنَبَذْنٰهُمْ فِى الْيَمِّ ۚ

---

نین برو ٹھین مالین بڈ بن نشہِ وَقَالَ مُوْسٰى رَبِّيْٓ اَعْلَمُ بِمَنْ جَآءَ بِالْهُدٰى مِنْ عِنْدِهٖ وَمَنْ تَكُوْنُ لَهٗ عَاقِبَةُ الدَّارِ ۭ اِنَّهٗ لَا يُفْلِحُ الظّٰلِمُوْنَ موسیٰ علیہ السلامن فرموٗ کھ امیُک جواب۔ میانس پرودگارس چھوٗ پوٗر معلوم کہ کہہ آو تس نشہِ بوٗڈ ہدایت ہیتھ۔ بیہ چھ اللہ تعالیٰ سی پوٗر خبر کُس شخص سپدِ انجام بخیر دُنیاءس اندر، بیشک ظالم، یم نہ ہدایتس تہ صحیح دِینس پیٹھ آسن تمِ سپدن نہ ہرگز کامیاب نہ دُنیاءس اندر، نہ آخرتس اندر۔ فرعونس سپُد اندیشہِ، تمِ بوزہ موسیٰ علیہ السلامہ سنزہ دلیلہ کہ خبر چھا میانِ لوکھ ماسپدن مائل موسیٰ علیہ السلامس کُن تمِ تہ کرنا وِ دربارکِ لوکھ جمع وَقَالَ فِرْعَوْنُ يٰٓاَيُّهَا الْمَلَاُ مَا عَلِمْتُ لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرِيْ تمن لوکن ہیوتُن وُن ای امیرو تہ وزیرو بوچھوس نہ زانان پانس ورای تُہندِ خیطرہ کانہہ معبود داہ فَاَوْقِدْ لِيْ يٰهَامٰنُ عَلَى الطِّيْنِ فَاجْعَلْ لِّيْ صَرْحًا لَّعَلِّيْٓ اَطَّلِعُ اِلٰٓى اِلٰهِ مُوْسٰى اَے ہامان ژہ دِہ نار سیرِ کوندِ تو پتہ بناو میانہِ خیطرہ پوٗختہ سیرین ہنز اکھ تھزٕ عمارتھ تاہ تمی پیٹھہ دِمہ بوٗ نظر حضرتِ موسیٰ سندِس خدایس کُن وَاِنِّىْ لَاَظُنُّهٗ مِنَ الْكٰذِبِيْنَ بوٗ چھُس زانان سو اپزونہ دیوانہ وَاسْتَكْبَرَ هُوَ وَجُنُوْدُهٗ فِى الْاَرْضِ بِغَيْرِ الْحَقِّ وَظَنُّوْٓا اَنَّهُمْ اِلَيْنَا لَا يُرْجَعُوْنَ تکبرہ تہ غرورہ کنِ آسِ فرعون تہ تہنزِ لشکرِ ناحق سربلندی ہنزٕ مژ کرنِ۔ تمِ آسِ زانان کہ تمن چھُونہ دُنیاءِ منزہ نیرِت اَسہِ نشہِ واتُنوی۔ فَاَخَذْنٰهُ وَجُنُوْدَهٗ فَنَبَذْنٰهُمْ فِى الْيَمِّ اتھ تکبرس تہ غرورس پیٹھ سزا دنہِ خیطرہ رُوٹ اَسہِ فرعون بیہ تہنز لشکر۔ تو پتہ دِت بٕرِت دریاوس منز تو پتہ پھاٹو سوٗ اَسہِ تتھ

فَانْظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الظّٰلِمِيْنَ ﴿٤٠﴾ وَجَعَلْنٰهُمْ اَىِٕمَّةً
يَّدْعُوْنَ اِلَى النَّارِ ۚ وَيَوْمَ الْقِيٰمَةِ لَا يُنْصَرُوْنَ ﴿٤١﴾
وَاَتْبَعْنٰهُمْ فِيْ هٰذِهِ الدُّنْيَا لَعْنَةً ۚ وَيَوْمَ الْقِيٰمَةِ هُمْ
مِّنَ الْمَقْبُوْحِيْنَ ﴿٤٢﴾ ع وَلَقَدْ اٰتَيْنَا مُوْسَى الْكِتٰبَ
مِنْۢ بَعْدِ مَآ اَهْلَكْنَا الْقُرُوْنَ الْاُوْلٰى بَصَآىِٕرَ
لِلنَّاسِ وَهُدًى وَّرَحْمَةً لَّعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ ﴿٤٣﴾
وَمَا كُنْتَ بِجَانِبِ الْغَرْبِيِّ اِذْ قَضَيْنَآ اِلٰى مُوْسَى الْاَمْرَ وَمَا

منز۔ فَانْظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الظّٰلِمِيْنَ پس وچھتو کیتھ پیچھ انجام سپد تمن ظالمن ہند وَجَعَلْنٰهُمْ اَىِٕمَّةً يَّدْعُوْنَ اِلَى النَّارِ تم آسِ اسہ بناوِمت رئیس تہ زِٹھ تم لوکن نادِوان آسِ نارس کُن وَيَوْمَ الْقِيٰمَةِ لَا يُنْصَرُوْنَ قیامتُک دوہ آسن تم بالکل بے بس تہ بے کُس کانہہ تہِ کرِ نہ تمن کانہہ مدداہ وَاَتْبَعْنٰهُمْ فِيْ هٰذِهِ الدُّنْيَا لَعْنَةً پتہ تھاو اسہ تمن لوکن یتھ دُنیاء س منز تہِ لعنتھی وَيَوْمَ الْقِيٰمَةِ هُمْ مِّنَ الْمَقْبُوْحِيْنَ قیامتُک دوہ تہِ آسن تم بدحال لوکو اندرہ وَلَقَدْ اٰتَيْنَا مُوْسَى الْكِتٰبَ مِنْۢ بَعْدِ مَآ اَهْلَكْنَا الْقُرُوْنَ الْاُوْلٰى بَصَآىِٕرَ لِلنَّاسِ وَهُدًى وَّرَحْمَةً لَّعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ پتہ پاٹھِ اسہ کُر عطا موسیٰ علیہ السلامس کتاب (یعنی تورات) برو تھم نافرمان اقوام، قوم نوح، قوم عاد، قوم ثمود، ہلاک کرنہ پتہ۔ یتھ کتابہ منز تمن لوکن ہندِ خیطرہ آسہ بجہ دلیلہ بیہ بُوڈ ہدایت بیہ بڈ رحمت۔ یتھ تم نصیحت حاصل کرن وَمَا كُنْتَ بِجَانِبِ الْغَرْبِيِّ اِذْ قَضَيْنَآ اِلٰى مُوْسَى الْاَمْرَ وَمَا كُنْتَ مِنَ الشّٰهِدِيْنَ بیہ آسونہ تُہہ یارسول اللہ کوہِ طورکہِ مغربہ کی طرفہ یتِس اسہ موسیٰ علیہ السلامس احکام یعنی تورات عطا کُر۔ حُکم کورُس فرعونس نشہِ پیغام واتہ ناو نُک۔ بیہ آسِونہ تُہہ تمہِ وقتہ کیو لوکو اندرہ کہ پانہ کیاہ آسہوہ حالاتن ہند مشاہدہ کورمُت وَلٰكِنَّآ اَنْشَاْنَا قُرُوْنًا فَتَطَاوَلَ عَلَيْهِمُ الْعُمُرُ بلکہ کرِ

كُنْتَ مِنَ الشّٰهِدِيْنَ ﴿٤٤﴾ وَلٰكِنَّآ اَنْشَاْنَا قُرُوْنًا فَتَطَاوَلَ عَلَيْهِمُ
الْعُمُرُ ۚ وَمَا كُنْتَ ثَاوِيًا فِيْٓ اَهْلِ مَدْيَنَ تَتْلُوْا عَلَيْهِمْ اٰيٰتِنَا ۙ
وَلٰكِنَّا كُنَّا مُرْسِلِيْنَ ﴿٤٥﴾ وَمَا كُنْتَ بِجَانِبِ الطُّوْرِ اِذْ نَادَيْنَا
وَلٰكِنْ رَّحْمَةً مِّنْ رَّبِّكَ لِتُنْذِرَ قَوْمًا مَّآ اَتٰىهُمْ مِّنْ نَّذِيْرٍ
مِّنْ قَبْلِكَ لَعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ ﴿٤٦﴾ وَلَوْلَآ اَنْ تُصِيْبَهُمْ
مُّصِيْبَةٌ ۢ بِمَا قَدَّمَتْ اَيْدِيْهِمْ فَيَقُوْلُوْا رَبَّنَا لَوْلَآ اَرْسَلْتَ
اِلَيْنَا رَسُوْلًا فَنَتَّبِعَ اٰيٰتِكَ وَنَكُوْنَ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿٤٧﴾ فَلَمَّا

---

پيدا اسهِ وارياه قوم موسىٰ عليه السلام پٺيان. تهڙي عمر سڄي تن پيٺ نه ڇڪي. وَمَا كُنْتَ ثَاوِيًا فِيْٓ اَهْلِ مَدْيَنَ بيهه آسوه نه توهه شهر مدينه ڪين لوڪن منز بسه ون تَتْلُوْا عَلَيْهِمْ اٰيٰتِنَا وَلٰكِنَّا كُنَّا مُرْسِلِيْنَ تا اينڪه پر هو ٿهه تن لوڪن پيٺ سان آيات بلڪه آس اسي توهه پيغمبر بناوت سوزه ون. اسي سوز توهه ڪن تم حالات وواقعات اده هيڪوه توهه تم حالات وواقعات بيان ڪرت. وَمَا كُنْتَ بِجَانِبِ الطُّوْرِ اِذْ نَادَيْنَا وَلٰكِنْ رَّحْمَةً مِّنْ رَّبِّكَ لِتُنْذِرَ قَوْمًا مَّآ اَتٰىهُمْ مِّنْ نَّذِيْرٍ مِّنْ قَبْلِكَ لَعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ بيهه آسوه نه ٿهه ڪوه طورڪه طرف موجود يله اسهِ آلو ديٺ (ياموسى انى انا الله رب العلمين) ليڪن بيهه ڇهه ٿهندس پروردگاره سنز تهنده حقه بڌ مهرباني ڪه ٿهه ڪر نوه نبي آخر الزمان. بيهه ڪرنوه باخبر تمو واقعاتو سيت يٿ ٿهه بيم ڪر و تن لوڪن تمن نشه نه توهه برونٹھ ڪانهه بيم ڪره ڏن پيغمر اه آمت ڇهو ديوه تم نصيحت رٹن وَلَوْلَآ اَنْ تُصِيْبَهُمْ مُّصِيْبَةٌ ۢ بِمَا قَدَّمَتْ اَيْدِيْهِمْ فَيَقُوْلُوْا رَبَّنَا لَوْلَآ اَرْسَلْتَ اِلَيْنَا رَسُوْلًا فَنَتَّبِعَ اٰيٰتِكَ وَنَكُوْنَ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ آس سوز هونه لڪن ڪن پيغمبر. هرگاه ني بيهه ڪٿهه آسهاڪه يله تن ڪانهه مصيبت تهٔ بلاياه ولته ها پنه نين تن پيڇه ڪامن هنده سببه تمه تهنديو اتهو برو نٹهڪن سوز مڙه آسهن اتي ديه هن تمه سانه خدايا ڙه ڪونه سوز ٿهن اسه ڪن ڪانهه پيغمبر اه پنن آيات هيٿ اس ڪره هو تن

جَآءَهُمُ الْحَقُّ مِنْ عِنْدِنَا قَالُوْا لَوْلَآ اُوْتِيَ مِثْلَ مَآ
اُوْتِيَ مُوْسٰى ؕ اَوَلَمْ يَكْفُرُوْا بِمَآ اُوْتِيَ مُوْسٰى مِنْ قَبْلُ ۚ
قَالُوْا سِحْرٰنِ تَظٰهَرَا ۫ وَقَالُوْٓا اِنَّا بِكُلٍّ كٰفِرُوْنَ ﴿٤٨﴾
قُلْ فَاْتُوْا بِكِتٰبٍ مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ هُوَ اَهْدٰى مِنْهُمَآ اَتَّبِعْهُ
اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ﴿٤٩﴾ فَاِنْ لَّمْ يَسْتَجِيْبُوْا لَكَ فَاعْلَمْ اَنَّمَا
يَتَّبِعُوْنَ اَهْوَآءَهُمْ ؕ وَمَنْ اَضَلُّ مِمَّنِ اتَّبَعَ هَوٰىهُ بِغَيْرِ

---

چانين آيائن ھنن پيروي ۔ ھيءُ آسھوٺ باايمانو اُندرھ فَلَمَّا جَآءَهُمُ الْحَقُّ مِنْ عِنْدِنَا قَالُوْا لَوْلَآ اُوْتِيَ مِثْلَ مَآ اُوْتِيَ مُوْسٰى وَنِ يلهِ تمن نشهِ سانه طرفه امرِ حق يعني رسولِ برحق ھيءَ دين حق ڏوت ڏيڻه لگ تمِ انس پيغمبر س کونه آيه ترٿھه کتاباه عطا کرنه اڙھه موسىٰ عليه السلامس عطا کرنه آيه يعني اِکه وَٹه ساري ڪتاب اکي ساته اَوَلَمْ يَكْفُرُوْا بِمَآ اُوْتِيَ مُوْسٰى مِنْ قَبْلُ کياه تموکورنا انکار تتھ کتابهِ يُوسه عطا کرنه آمڑ آس بروتھ موسىٰ عليه السلامس ۔ سنوي يکه وَٹه اکي ساته نازل کرنه آمڑ آس ۔ قَالُوْا سِحْرٰنِ تَظٰهَرَا تمِ کافر آسِ ونان کهِ ئمهِ دوشوے کتابه (قرآن مجيد ته تورات) چھهِ سحر ته جوداکه انس موافقت کران ۔ وَقَالُوْٓا اِنَّا بِكُلٍّ كٰفِرُوْنَ ھيءَ آسِ ڏپان اُسِ چھهِ دوشونِ کتابن انکار کران قُلْ فَاْتُوْا بِكِتٰبٍ مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ هُوَ اَهْدٰى مِنْهُمَآ اَتَّبِعْهُ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ تُهه فرماوِيُو کھ يارسول الله، اي منکرِ وُتهه کرِ تو پيش خدايهِ سندِه طرفه کتاباه يوسه زياده وَتھ ھاوه وَنِ آسهِ تمو دويو کتابو خوته ٿوتهِ کره تلهِ تمه چي پيروي چھوِے تھه يه کتھ پڙونه وَنِ کهِ تمهِ زه کتابه چھه سحر ته جود فَاِنْ لَّمْ يَسْتَجِيْبُوْا لَكَ فَاعْلَمْ اَنَّمَا يَتَّبِعُوْنَ اَهْوَآءَهُمْ ھرگاه نه تم يهِ کرِ تھ ھيکن پس زانوِ کهِ تمِ چھنهِ کُنهِ پڙچ پيروي کران بلکه چھهِ تمِ پنه نين نفسه چين خواھشن ھنز پيروي کران وَمَنْ اَضَلُّ مِمَّنِ اتَّبَعَ هَوٰىهُ بِغَيْرِ هُدًى مِّنَ اللّٰهِ سهه اکهاه چھو گمراه تس شخصه سندِه خوته يُس پنه نفسچه خواھشهِ ھنز پيروي کرهِ خدايهِ سندِه طرفه کُنهِ ھدايةِ وَراي اِنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ پڙ پاٹ الله تعالىٰ چھونه

هُدًى مِّنَ اللّٰهِ ۭ اِنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ ۝٥٠ۧ
وَلَقَدْ وَصَّلْنَا لَهُمُ الْقَوْلَ لَعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ ۝٥١ۭ اَلَّذِيْنَ
اٰتَيْنٰهُمُ الْكِتٰبَ مِنْ قَبْلِهٖ هُمْ بِهٖ يُؤْمِنُوْنَ ۝٥٢ وَاِذَا يُتْلٰى عَلَيْهِمْ
قَالُوْٓا اٰمَنَّا بِهٖٓ اِنَّهُ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّنَآ اِنَّا كُنَّا مِنْ قَبْلِهٖ مُسْلِمِيْنَ ۝٥٣
اُولٰۗىِٕكَ يُؤْتَوْنَ اَجْرَهُمْ مَّرَّتَيْنِ بِمَا صَبَرُوْا وَيَدْرَءُوْنَ
بِالْحَسَنَةِ السَّيِّئَةَ وَمِمَّا رَزَقْنٰهُمْ يُنْفِقُوْنَ ۝٥٤ وَاِذَا سَمِعُوا
اللَّغْوَ اَعْرَضُوْا عَنْهُ وَقَالُوْا لَنَآ اَعْمَالُنَا وَلَكُمْ اَعْمَالُكُمْ ۡ

---

وَتھ هاوان ڀٽيھن ظالم لوڪن ٿيم پوڙ واضح ته نون سپدت گمراهي نشهِ بازئين نه وَلَقَدْ وَصَّلْنَا لَهُمُ الْقَوْلَ لَعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ بيشڪ اَسهِ واتنود تمن لوڪن پٽن ڪلام يعني قرآن مجيد پوٽس پٺھ پٺھ تم لوڪھ بار بار تازه بتازه ٻوزنه سيت نصيحت رٽن - يعني اَس هيڪه هوَاڪي ساتهِ اِڪه وَٽه سُوزِت مگر اَسهِ سُوز سُوداره داره تهنڊِي فائده خيطره اَلَّذِيْنَ اٰتَيْنٰهُمُ الْكِتٰبَ مِنْ قَبْلِهٖ هُمْ بِهٖ يُؤْمِنُوْنَ تم لوڪھ يمن اَسهِ يمهِ قرآن مجيده بروٺھ ڪتاب عطا ڪر تمن اندره تمِ حق شناس ڇھ تم ڇھِ پٺھ قرآن مجيد س پڙھ ڪران وَاِذَا يُتْلٰى عَلَيْهِمْ قَالُوْٓا اٰمَنَّا بِهٖٓ اِنَّهُ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّنَآ اِنَّا كُنَّا مِنْ قَبْلِهٖ مُسْلِمِيْنَ يلهِ تمن پيٺھ ييهِ قرآن مجيد ڇھو پرنه يِوان، تم ڇھِ دَپان اَسهِ ڪر پڙھ اتھ - بيشڪ ڇھو يه ساڻس پروردگاره سندي طرفه - اَسِ آس اَمِڪه نازِل سپدنه برونٺھي اَتھ تسليم ڪره وَنِ اُولٰۗىِٕكَ يُؤْتَوْنَ اَجْرَهُمْ مَّرَّتَيْنِ بِمَا صَبَرُوْا وَيَدْرَءُوْنَ بِالْحَسَنَةِ السَّيِّئَةَ وَمِمَّا رَزَقْنٰهُمْ يُنْفِقُوْنَ اَمِي قسمه ڪين لوڪن ڪيا ايهِ دُوگن مزُورِ عطا ڪرنه تهنڊه صبر ڪرنه خيطره ييهِ ڇھِ تم لوڪھ نيڪي سيت بدي هُند مقابله ڪران ييهِ ڇھِ خرچ ڪران تمي منزه يُس اَسي تمن عطا ڪور خدايه سنزن دتن اندر وَاِذَا سَمِعُوا اللَّغْوَ اَعْرَضُوْا عَنْهُ ييهِ يلهِ تم بوزان ڇھِ پانس نسبت ڪانهه پڇھ ڪٿاه مخالفن نشهِ بے توجه ڇھِ سپدان تمهِ نشهِ زَن نه بوزِھوي وَقَالُوْا لَنَآ اَعْمَالُنَا وَلَكُمْ اَعْمَالُكُمْ ييهِ

سَلٰمٌ عَلَيْكُمْ لَا نَبْتَغِي الْجٰهِلِيْنَ ﴿٥٥﴾ اِنَّكَ لَا تَهْدِيْ مَنْ
اَحْبَبْتَ وَلٰكِنَّ اللّٰهَ يَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ ۚ وَهُوَ اَعْلَمُ
بِالْمُهْتَدِيْنَ ﴿٥٦﴾ وَقَالُوْٓا اِنْ نَّتَّبِعِ الْهُدٰى مَعَكَ نُتَخَطَّفْ
مِنْ اَرْضِنَا ۭ اَوَلَمْ نُمَكِّنْ لَّهُمْ حَرَمًا اٰمِنًا يُّجْبٰٓى اِلَيْهِ ثَمَرٰتُ
كُلِّ شَيْءٍ رِّزْقًا مِّنْ لَّدُنَّا وَلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿٥٧﴾
وَكَمْ اَهْلَكْنَا مِنْ قَرْيَةٍۭ بَطِرَتْ مَعِيْشَتَهَا ۚ فَتِلْكَ مَسٰكِنُهُمْ

---

ڇو ڏيان تم اسان واسطي پنهنجا عملن آهن ۽ اوهان واسطي اوهان جا عمل. اسان ڀانيون ٿا ته اسان جي اوهان سان دشمني ٿئي. اوهان ڀانيو ٿا ته اسين اوهان سان ڀلائي ڪريون. اسان جي ۽ اوهان جي وچ ۾ سلام. اسين اوهان کي پري کان سَلٰمٌ عَلَيْكُمْ چئون ٿا ۽ ڪو مقابلو ڪرڻ نه ٿا چاهيون. لَا نَبْتَغِي الْجٰهِلِيْنَ اسين جاهلن سان ڪو واسطو رکڻ نٿا گهرون. اِنَّكَ لَا تَهْدِيْ مَنْ اَحْبَبْتَ وَلٰكِنَّ اللّٰهَ يَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ پر ياد رکو ته اهو هر ڪنهن کي راضي ڪري نٿو سگهي ته توهان جي خوشي ٿئي، بلڪه الله تعاليٰ جنهن کي گهري تنهن کي هدايت ڏئي ۽ راهه راست تي آڻي. هدايت ڏيڻ جي قدرت انهن کان سواءِ خدا جي ٻئي ڪنهن کي ڪانهي. وَهُوَ اَعْلَمُ بِالْمُهْتَدِيْنَ بلڪه هو ئي وڌيڪ ڄاڻي ٿو ته هدايت وارا ڪير آهن. وَقَالُوْٓا اِنْ نَّتَّبِعِ الْهُدٰى مَعَكَ نُتَخَطَّفْ مِنْ اَرْضِنَا ۽ ڪن ڪافرن هيءُ عذر ڪيو ته جيڪڏهن اسين تنهنجي هدايت جي پيروي ڪريون ۽ دين اسلام قبول ڪريون ته اسان کي پنهنجي شهر مان جلدي ڪڍي ڇڏيندا. اسين بي وطن ٿي تڪليف ۾ پئجي وينداسين ۽ اسان جو سڄو معاش تباهه ۽ پريشان ٿيندو. اَوَلَمْ نُمَكِّنْ لَّهُمْ حَرَمًا اٰمِنًا يُّجْبٰٓى اِلَيْهِ ثَمَرٰتُ كُلِّ شَيْءٍ رِّزْقًا مِّنْ لَّدُنَّا وَلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ هي انهن جو محض لغو خيال آهي. جنهن جاءِ تي هو رهن ٿا اها حرم آهي ۽ اها امن واري سرزمين آهي. ڇا ايمان آڻڻ سان انهن جو امن هليو ويندو؟ هرگز نه. ان حرم ۾ پاسي وارن هنڌن مان هر قسم جو ميوو ۽ رزق اسان جي طرف کان اچي ٿو. مگر انهن مان گهڻا ماڻهو ان ڳالهه کي نٿا ڄاڻن ۽ غلط خيال ڪن ٿا. انهي سبب ڪري ايمان نٿا آڻين ته متان سندن خوش عيشيءَ ۾ ناز

لَمْ تُسْكَنْ مِّنْۢ بَعْدِهِمْ اِلَّا قَلِيْلًا ۭ وَكُنَّا نَحْنُ الْوٰرِثِيْنَ ﴿٥٨﴾ وَ
مَا كَانَ رَبُّكَ مُهْلِكَ الْقُرٰى حَتّٰى يَبْعَثَ فِيْٓ اُمِّهَا رَسُوْلًا يَّتْلُوْا
عَلَيْهِمْ اٰيٰتِنَا ۚ وَمَا كُنَّا مُهْلِكِي الْقُرٰٓى اِلَّا وَاَهْلُهَا ظٰلِمُوْنَ ﴿٥٩﴾
وَمَآ اُوْتِيْتُمْ مِّنْ شَيْءٍ فَمَتَاعُ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا وَزِيْنَتُهَا ۚ وَمَا

کران تہ تھِکان۔ یہ تہ چھِہ تِہنز حماقت کیازِہ وَكَمْ اَهْلَكْنَا مِنْ قَرْيَةٍۭ بَطِرَتْ مَعِيْشَتَهَا ۚ فَتِلْكَ مَسٰكِنُهُمْ لَمْ تُسْكَنْ مِّنْۢ بَعْدِهِمْ اِلَّا قَلِيْلًا ۭ وَكُنَّا نَحْنُ الْوٰرِثِيْنَ اَسہِ گال وارِیہَن شہرَن ہندِ لُوکھ یِم فخرتہ تکبُر آسِ کران پنہ نِس سامانِ عیش و آرامَس پیٹھ۔ یکیا چھِہ تِہندِ گرہ ویران پیمت تُہنزن اُپھَن ڈیشمان۔ تِمن پتہ آی نہ تِم گرہ آبادی کرنہ زانہہ مگر کمہ سی کالَس۔ یتھ پاٹھِ کہ کانہہ مُسافراہ لگہِ اتفاقاً تُوگن پتہ روزِہ کم کینہہ کالاہ تھکھ کڈنہ خیطرہ یا تماشہِ ؤچھنہ خیطرہ ییِہ تہ گژھہ۔ یا شبس کھنڈس روزِہ تِمن جایَن اَندر۔ آخرِ کار رُودِاسی تِہندِہ ساری مال و دولتک مالِک کیازِہ اَسِ چھِہ فناء وزوالہ نِشہِ مُنزّہ تہ پاک۔ بیاکھ شُبہ چھُو تِمن گژھان کہ ہرگاہ تِہنز ہلاکت چھِہ سپز مژ تِہندِہ کُفرہ سبہ تیلے یِمن مُوجودہ کافرن یِہ واریاہ کال گوکُفر چِہ کامہِ کران تیلہِ کونہ چھِہ یِم تہِ ہلاک گژھان۔ اَمی شُبہہ مُوکھہ چھِنہِ یِم ایمان انان۔ اَمہِ شُبہُک جواب چھُوکہِ وَمَا كَانَ رَبُّكَ مُهْلِكَ الْقُرٰى حَتّٰى يَبْعَثَ فِيْٓ اُمِّهَا رَسُوْلًا يَّتْلُوْا عَلَيْهِمْ اٰيٰتِنَا تُہند پروردگار چھُونہ کُنہ شہرہ کین لُوکن تُوتان گالان یُوتان نہ تِمن کُن تِہندِس کُنہِ بڈس شہرس منز چھُو سوزان کانسہِ پیغمبرس یُس تِمن پیٹھ پران چھُو سان آیات وَمَا كُنَّا مُهْلِكِي الْقُرٰٓى اِلَّا وَاَهْلُهَا ظٰلِمُوْنَ تو پتہ چھِکھنہ اَسِ شہرن ہندِ لُوکھ گالان مگر تیلہِ یلہِ تِم لُوک کانہہ ظُلم وسِتم یا شرارت کرُن ہین۔ اَتھ قانونَس مُوافق آو تُوہہِ سیت مُعاملہ کرنہ۔ نہ آوہ تُوہہ پیغمبرہ سندِہ ینہ برونٹھ ہلاک کرنہ نہ پیغمبرہ سندِہ پتہ۔ بلکہ ؤیکھ تان آوہ نہ تُہہ ہلاک کینہہ کرنہ۔ مگر ووُن گژھِن کینہہ دوَہ، ہرگاہ تُہند یُوسے رَویہ رُود تیلہِ چھُو تُوہہِ ضرور سزا کھیون۔ چنانچہ جنگ بدرس وغیرہ منز سپُدتی۔ بیاکھ کتھاہ تہِ چھِہ مانِع ایمان انہ نِس سُوگُیہِ یِہےَ کہ دُنیا چھُو نقد امہ مُوکھ چھُو مرغُوب آخرت چھُو وعدہ تمی موکھ چھُو غیر مرغوب۔ لہٰذا چھُنہِ دُنیاء ک رغبت دِلو نِشہِ دُور سپدان تمیُک جواب چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان وَمَآ اُوْتِيْتُمْ مِّنْ شَيْءٍ

عِنْدَ اللّٰهِ خَيْرٌ وَّ اَبْقٰى ۭ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ٦٠ اَفَمَنْ وَّعَدْنٰهُ وَعْدًا
حَسَنًا فَهُوَ لَاقِيْهِ كَمَنْ مَّتَّعْنٰهُ مَتَاعَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ثُمَّ هُوَ
يَوْمَ الْقِيٰمَةِ مِنَ الْمُحْضَرِيْنَ ٦١ وَيَوْمَ يُنَادِيْهِمْ فَيَقُوْلُ اَيْنَ
شُرَكَاۗءِيَ الَّذِيْنَ كُنْتُمْ تَزْعُمُوْنَ ٦٢ قَالَ الَّذِيْنَ حَقَّ عَلَيْهِمُ
الْقَوْلُ رَبَّنَا هٰٓؤُلَاۗءِ الَّذِيْنَ اَغْوَيْنَا ۚ اَغْوَيْنٰهُمْ كَمَا غَوَيْنَا ۚ تَبَرَّاْنَآ
اِلَيْكَ ۡ مَا كَانُوْٓا اِيَّانَا يَعْبُدُوْنَ ٦٣ وَقِيْلَ ادْعُوْا شُرَكَاۗءَكُمْ
فَدَعَوْهُمْ فَلَمْ يَسْتَجِيْبُوْا لَهُمْ وَرَاَوُا الْعَذَابَ ۚ لَوْ اَنَّهُمْ

---

فَمَتَاعُ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا وَزِيْنَتُهَا بيہ ڄيڪي مال توهان کي دنياءَ ۾ اندر عطا ٿيو آهي سو ڇهو محض گھڙين ٻن ڏهن
ہندہ خيطرہ۔ دنياءَ ۾ ڪم زندگي هند متاعاہ تہ زينتهاہ عمرہ هندس وڏبرکس سيت ڏوبرہ سوتہ وَمَا
عِنْدَ اللّٰهِ خَيْرٌ وَّ اَبْقٰى رڳن ڪامين هند اجرتہ ثواب ڄيڪي الله تعاليٰ اس نشہ نيڪوڪارن کيت ڇهو سو ڇهو
سيٹھاہ بهتر تہ سيٹھاہ پوشہ ڏن تہ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ڪياہ توهان ڇهو نا ايڙهن تہ فڪرہ ترن اَفَمَنْ وَّعَدْنٰهُ
وَعْدًا حَسَنًا فَهُوَ لَاقِيْهِ ڪياہ سو شخص ڄيڪي سيت اسہ رت وعدہ ڪورمت ڇهو۔ ڄيڪي ضرور تتہ وعدس
حاصل ڪرہ ڏن ڇهو كَمَنْ مَّتَّعْنٰهُ مَتَاعَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا سو ڇہاتس شخص هيو ڄيڪي اسہ تمتع تلہ نوو دنياچہ
مختصر زندگي منز اکہ ناپائيدار متاعہ سيت۔ ثُمَّ هُوَ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ مِنَ الْمُحْضَرِيْنَ توپتہ ييہ سو قيامتک دوہ
گرفتارڪرت حاضر ڪرنہ وَيَوْمَ يُنَادِيْهِمْ فَيَقُوْلُ اَيْنَ شُرَكَاۗءِيَ الَّذِيْنَ كُنْتُمْ تَزْعُمُوْنَ بيہ ڇهو سو دوہ قابل
ذکر يمہ دوہہ الله تعاليٰ تمن ڪافرن زجر و توبيخہ پاٹھ آلودت پرژهہ ارکتہ ڇهوہ تم يم تُهہ ميان شريک
زانان آسو کہ۔ شيطانن هندہ ڈالنہ سيت قَالَ الَّذِيْنَ حَقَّ عَلَيْهِمُ الْقَوْلُ دپنہ لگن تم لوکھ يمن پيٹھ
عذابک حکم محقق تہ ثابت سپدمت آسہ رَبَّنَا هٰٓؤُلَاۗءِ الَّذِيْنَ اَغْوَيْنَا اي سانہ پروردگارہ يم لوکھ چهہ
بيشک تمے يمو اسہ گمراہ ڪر اَغْوَيْنٰهُمْ كَمَا غَوَيْنَا اسہ ڪر تمو گمراہ يتھ پاٹھ اسہ پانہ گمراہ سپدمت آسہ

كَانُوْا يَهْتَدُوْنَ ﴿٦٤﴾ وَيَوْمَ يُنَادِيْهِمْ فَيَقُوْلُ مَاذَآ اَجَبْتُمُ
الْمُرْسَلِيْنَ ﴿٦٥﴾ فَعَمِيَتْ عَلَيْهِمُ الْاَنْبَآءُ يَوْمَئِذٍ فَهُمْ لَا
يَتَسَآءَلُوْنَ ﴿٦٦﴾ فَاَمَّا مَنْ تَابَ وَاٰمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا فَعَسٰٓى اَنْ
يَّكُوْنَ مِنَ الْمُفْلِحِيْنَ ﴿٦٧﴾ وَرَبُّكَ يَخْلُقُ مَا يَشَآءُ وَيَخْتَارُ ؕ مَا
كَانَ لَهُمُ الْخِيَرَةُ ؕ سُبْحٰنَ اللّٰهِ وَتَعٰلٰى عَمَّا يُشْرِكُوْنَ ﴿٦٨﴾ وَرَبُّكَ يَعْلَمُ

---

تَبَرَّاْنَآ اِلَيْكَ مَا كَانُوْٓا اِيَّانَا يَعْبُدُوْنَ آسِ چھِ ژہ برونٹھ کنہِ دست برداری دِوان۔ تِم آسِ نہ اَسہِ عبادت کران۔ تِمن اُوس نہ اَسہِ سیتِ کانٛہہ تعلّق وَقِيْلَ ادْعُوْا شُرَكَآءَكُمْ فَدَعَوْهُمْ فَلَمْ يَسْتَجِيْبُوْا لَهُمْ وَرَاَوُا الْعَذَابَ ۚ لَوْ اَنَّهُمْ كَانُوْا يَهْتَدُوْنَ تمہِ پتہ یِیہِ تِمن مُشرکن وننہ۔ دِیو آلو تِمن باطِل معبوٗدن یِم شریک آسو کھ ٹھہراوان معبود برحق۔ تو پتہ دِیکھ تِم آلو۔ تِم دِنکھ نہ تورہ کانٛہہ جواباہ۔ تو پتہ پیکھ نظر عذابس پیٹھ۔ دِپنہِ لگن ای کاش کونہ آسِ اَسِ دُنیاءس اَندر سیزٕ وَتہِ پیٹھ۔ یتھ عذابس ماسپدہ ہو گرفتار۔ وَيَوْمَ يُنَادِيْهِمْ فَيَقُوْلُ مَاذَآ اَجَبْتُمُ الْمُرْسَلِيْنَ بیہِ تمہِ دوہہ تھَدِہ آلو دِتھ پرٛژھیکھ اللہ تعالیٰ ای لُوکو توہہِ کیاہ جواب دژووہ دُنیاءس اندر میانین پیغمبرن فَعَمِيَتْ عَلَيْهِمُ الْاَنْبَآءُ يَوْمَئِذٍ فَهُمْ لَا يَتَسَآءَلُوْنَ پس گژھَن تُھنز وَذہنوٗنِہ ساری مضمون منشت۔ نہ ایپکھ پتہ نین دماغن منز یاد کینٛہہ تمہِ دوہہ نہ پیکھ یادی پیغمبر کیاہ آس اَسہِ ونان نہ ہیکن اکھ اکس پرٛژھِت کیازِ ساری آسَن پریشان فَاَمَّا مَنْ تَابَ وَاٰمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا فَعَسٰٓى اَنْ يَّكُوْنَ مِنَ الْمُفْلِحِيْنَ البتہ ووٗنِ یِم اکھ تُوبہ کور دُنیاءس اندر بیہِ اوٗن ایمان بیہِ کرین رٕژہ عملہ تِمن لُوکن چھہ اُمید کہ تِم آسَن آخرتس منز رستہ گارٕ وتہ فوز و فلاح لبہ دنیوا اَندرہ وَرَبُّكَ يَخْلُقُ مَا يَشَآءُ وَيَخْتَارُ تُہند پروردگار چھُو کُنوی کمالہ کیو صفتو سیتِ متّصِف۔ چنانچہ سُو یتھ چیزس پیدہ کرُن یژھان چھُو تتھ چھُو پیدہ کران۔ تکوینی اختیار چھُو تَسِ یُوت۔ یُس حکم سُو یژھان چھُو تہ پسند چھُو کران سُوی چھُو انبیاءن ہندِ ذریعہ نازِل فرماوان۔ تشریعی اختیار تہِ چھُو تَسِ یُوت یعنی کینٛہہ چیز شریعت مقرر کرُن مَا كَانَ لَهُمُ الْخِيَرَةُ تِمن لُوکن چھُو نہ

مَا تُكِنُّ صُدُوْرُهُمْ وَمَا يُعْلِنُوْنَ ﴿٦٩﴾ وَهُوَ اللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۭ لَهُ
الْحَمْدُ فِي الْاُوْلٰى وَالْاٰخِرَةِ ۡ وَلَهُ الْحُكْمُ وَاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ ﴿٧٠﴾
قُلْ اَرَءَيْتُمْ اِنْ جَعَلَ اللّٰهُ عَلَيْكُمُ الَّيْلَ سَرْمَدًا اِلٰى يَوْمِ
الْقِيٰمَةِ مَنْ اِلٰهٌ غَيْرُ اللّٰهِ يَاْتِيْكُمْ بِضِيَاۗءٍ ۭ اَفَلَا تَسْمَعُوْنَ ﴿٧١﴾
قُلْ اَرَءَيْتُمْ اِنْ جَعَلَ اللّٰهُ عَلَيْكُمُ النَّهَارَ سَرْمَدًا اِلٰى يَوْمِ
الْقِيٰمَةِ مَنْ اِلٰهٌ غَيْرُ اللّٰهِ يَاْتِيْكُمْ بِلَيْلٍ تَسْكُنُوْنَ فِيْهِ ۭ اَفَلَا

احڪام تجويز ڪرڻ ڪا نہ ھئاھ۔ پس حڪم سو ئي ٿئي سو ئي ڪرھ جاري۔ ۽ مشرڪ جھڙي پنھنجي طرفان شرڪ جائز ڪرن ٿا مگر سُبْحٰنَ اللّٰهِ وَتَعٰلٰى عَمَّا يُشْرِكُوْنَ سو جھڙو منزہ تہ پاڪ بالا و برتر تمن لوڪن ھنديو سارِوي شرڪ ڪرڻ کان وَرَبُّكَ يَعْلَمُ مَا تُكِنُّ صُدُوْرُهُمْ وَمَا يُعْلِنُوْنَ تھند پروردگار جھڙو تيئن ڪامل علم ۾ ڏول ڪہ سو جھڙو زانان تہ سوڙوي بيہ تھندِ دِل پوشيدہ ٿھاوت جھڙي بيہ تہ سوڙوي يہ تم نزاوان تہ ظاھر ڪران جھڙي وَهُوَ اللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ لَهُ الْحَمْدُ فِي الْاُوْلٰى وَالْاٰخِرَةِ وَلَهُ الْحُكْمُ وَاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ بيہ جھڙو سوئي معبودِ برحق پس ورای نہ ڪانہ معبود داھ جھڙو سوئي جھڙو حمد س سزاوار دُنياء س منزہ تہ آخرِ تس منزہ تہ ڪيازہ تھندِ تصرفات جھہ دوشونِ عالمن آندر تيتھي يم دلالت جھڙي ڪران تھندِ س ڪماڪس پيٺھ يتھ دار و مدار جھڙو حمد س سزاوار آسُن بيہ جھہ تھنزي حڪومت دُنياءِ و آخرِ تس منزبيہ جھڙو قوت تہ وسعت تھندِہ سلطنڪ تيتھوي يتھہ تھہ ساري ايو تس ڪن واتاونہ۔ تھہ ہيڪو نہ تس ورای بيہ ڪانسہ ڪن گژھت۔ يُوہے چيز جھڙو سو يمہِ سيتِ تھنز الوھيت ثابت سپدان جھہ قُلْ اَرَءَيْتُمْ اِنْ جَعَلَ اللّٰهُ عَلَيْكُمُ الَّيْلَ سَرْمَدًا اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ مَنْ اِلٰهٌ غَيْرُ اللّٰهِ يَاْتِيْكُمْ بِضِيَاۗءٍ اَفَلَا تَسْمَعُوْنَ فرماوِيو ڪہ تھہ يارسول الله اي لوڪو تلامہِ ونتو تھہ ھرگاہ الله تعالیٰ توھہِ ھميشہ خيطرہ ٿھاوِہ راتھے قيامتس تان معبود برحقس ورای ڪہ معبود ديھہ توھہِ نش اَنت دُڪ گاش پس جھڙو سوئي قدرتس اندر تہ يڪتا۔ پس جھڙو ناتھہ توحيد چھہِ يمہِ صاف دليلہ بوزان قُلْ اَرَءَيْتُمْ اِنْ جَعَلَ اللّٰهُ عَلَيْكُمُ النَّهَارَ سَرْمَدًا اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ مَنْ اِلٰهٌ غَيْرُ اللّٰهِ يَاْتِيْكُمْ بِلَيْلٍ تَسْكُنُوْنَ فِيْهِ اَفَلَا تُبْصِرُوْنَ

تُبۡصِرُوۡنَ ﴿٧٢﴾ وَمِنۡ رَّحۡمَتِهٖ جَعَلَ لَكُمُ الَّيۡلَ وَالنَّهَارَ لِتَسۡكُنُوۡا
فِيۡهِ وَلِتَبۡتَغُوۡا مِنۡ فَضۡلِهٖ وَلَعَلَّكُمۡ تَشۡكُرُوۡنَ ﴿٧٣﴾ وَيَوۡمَ
يُنَادِيۡهِمۡ فَيَقُوۡلُ اَيۡنَ شُرَكَآءِيَ الَّذِيۡنَ كُنۡتُمۡ تَزۡعُمُوۡنَ ﴿٧٤﴾
وَنَزَعۡنَا مِنۡ كُلِّ اُمَّةٍ شَهِيۡدًا فَقُلۡنَا هَاتُوۡا بُرۡهَانَكُمۡ
فَعَلِمُوۡۤا اَنَّ الۡحَقَّ لِلّٰهِ وَضَلَّ عَنۡهُمۡ مَّا كَانُوۡا يَفۡتَرُوۡنَ ﴿٧٥﴾ ع

اهي اظهارِ قُدرت ته خيطره فرمايو ڪه تُهه اميڪ برعڪس سڀ تلامه ونئو هرگاه الله تعاليٰ توهه پيٺ ڪره سورُوي وقت ڏهي ڏوه هميشه خيطره قيامت تائين. معبودِ برحق ورائي تُهه معبود ڪهڙا توهه لئه رات انتھ جتھ منز تُهه آرام و قرار هيڪوڪرِ ت. ڪياه تُهه ڇھوه ناخدايه سنزيه بڊُ قُدرت واره ڇهان. تمسُند قُدرتس اندر ڪُنوي آسُن ڇھومنگان الوهيتس اندرته ڪُنوي آسُن. وَمِنۡ رَّحۡمَتِهٖ جَعَلَ لَكُمُ الَّيۡلَ وَالنَّهَارَ لِتَسۡكُنُوۡا فِيۡهِ وَلِتَبۡتَغُوۡا مِنۡ فَضۡلِهٖ وَلَعَلَّكُمۡ تَشۡكُرُوۡنَ سُو مُنعم ڇھو تهُوي ڪه يه ڇهه تهنزي رحمت ته مهرباني ڪه تمِ ڪرِ تُهندِه خيطره رات ته ڏُوه پيده. يُتھ تُهه راڻ منز آرام ڪرِ وبيه يُتھ ڏوهس منز تُهند رزق ژهانڊو. بيه يُتھ تُهه تهنزن تمن ڏوشونِ نعمژن پيٺھ شُڪر ديو. پس اتھ اِنعامس اندر تمسُند ڪُنوي آسُن ته ڇھو منگان تمسُند معبود آسس منز ڪُنوي آسُن. وَيَوۡمَ يُنَادِيۡهِمۡ فَيَقُوۡلُ اَيۡنَ شُرَكَآءِيَ الَّذِيۡنَ كُنۡتُمۡ تَزۡعُمُوۡنَ بيه تمه دوهه الله تعاليٰ مُشرڪن بڊِه آلو دِت فرماوه يُتھ بيئ لوڪھ ته تهنز رُسوائي بوزن. اي مُشرڪو ڪُوت گوه تمِ معبودانِ باطِل يمِ تُهه ميانِ شريڪ زانان آسو ڪه وَنَزَعۡنَا مِنۡ كُلِّ اُمَّةٍ شَهِيۡدًا بيه اَسون اَسِ برونٺھ ڪُن پريتھ اُمته منزه اڪھ اڪھ گواه يعني تمه اُمتڪ پيغمبر يُس ڪُفر و نافرماني هُند سُوروي حال بيان ڪرِه فَقُلۡنَا هَاتُوۡا بُرۡهَانَكُمۡ تو پته ونواَسِ سارني اُمتن هندين مُشرڪن ڪه اے مُشرڪو تلاش ڪيه جوازِچ ڪانهه دليلاه ڪرِ وپيش فَعَلِمُوۡۤا اَنَّ الۡحَقَّ لِلّٰهِ تمه ساته زانن تمِ ڪه پُوز اُوس خدايه سُندوي فرماون يُس تمِ پيغمبرن هندِه ذريعه واتناويو. يعني توحيدُڪ پوز آسُن ته شرڪُڪ باطِل آسُن سپدِه تمن معلوم وَضَلَّ عَنۡهُمۡ مَّا كَانُوۡا يَفۡتَرُوۡنَ تمه سارے اَپزه ڳهه گرِهن نابُود ته ضائع تمن نشه. تمه تمِ دُنياءس اندر

إِنَّ قَارُونَ كَانَ مِن قَوْمِ مُوسَىٰ فَبَغَىٰ عَلَيْهِمْ ۖ وَآتَيْنَاهُ
مِنَ الْكُنُوزِ مَا إِنَّ مَفَاتِحَهُ لَتَنُوءُ بِالْعُصْبَةِ أُولِي الْقُوَّةِ
إِذْ قَالَ لَهُ قَوْمُهُ لَا تَفْرَحْ ۖ إِنَّ اللَّهَ لَا يُحِبُّ الْفَرِحِينَ ﴿٧٦﴾
وَابْتَغِ فِيمَا آتَاكَ اللَّهُ الدَّارَ الْآخِرَةَ ۖ وَلَا تَنسَ نَصِيبَكَ
مِنَ الدُّنْيَا ۖ وَأَحْسِن كَمَا أَحْسَنَ اللَّهُ إِلَيْكَ ۖ وَلَا تَبْغِ

---

ٺهراوان آهن ڪه معبودان باطل ڪرن انهن شفاعت إِنَّ قَارُونَ كَانَ مِن قَوْمِ مُوسَىٰ فَبَغَىٰ عَلَيْهِمْ قارون جو حال ڏسو ڪه ڪيئن ڪُس پهش آيو ڪفره ۽ نافرماني سبب. ڪُس ڏيت نه ڪا نهه نفع ۽ فائده مال ۽ متاعن بلڪه سڀ ٿهند مال ۽ متاع ڪُس سيت تباه ۽ برباد. ٿهند مختصر قصه ڇهو ٿهه پاٺهڪه سو اوس يقيناً حضرت موسىٰ سنڌه قومه منزه يعني بني اسرائيلو منزه. بلڪه اوس موسىٰ عليه السلام سند پتر ٻوي سوي لوگ مال ۽ دولت زياده آسه موکهه پنه ڪس قومس پيٺه ظلم ڪرنه وَآتَيْنَاهُ مِنَ الْكُنُوزِ مَا إِنَّ مَفَاتِحَهُ لَتَنُوءُ بِالْعُصْبَةِ أُولِي الْقُوَّةِ مايچ زيادتي آس ڪُس تيژ ڪه اسه آسِ ٿمس تيت خزانه مالک عطاڪرِمت ڪه ٿمن خزانن هنزه گونزه آسه گوبراوان ۽ ٿهڪراوان بڏس جماعتس، ٿم قوته وال آسِ. ٿمن زور پيوان اوس لاگن ٿمه ڪونزه ٿلنه خيطره. وَن يلهِ ڪونزه ايژه آسه. پانے گڙهه زائن ٿم خزانه ڪيت آسهن. يه تڪبرُ ۽ غرُورنر وو ٿم ٿمه ساته إِذْ قَالَ لَهُ قَوْمُهُ لَا تَفْرَحْ ۖ إِنَّ اللَّهَ لَا يُحِبُّ الْفَرِحِينَ يلهِ ڪُس وون پنن قومن فهمائش ڪرنجهِ طريقه. اي قارون خوش مه گڙهه ٿهڪان مه آس دُنيا ڪه مال ۽ دولته سيتِ. پنز پاڻ الله تعالىٰ ڇهونه پسند ڪران مال دُنياء سيت خوش گڙهه ونين ۽ ٿهيڪه ونين وَابْتَغِ فِيمَا آتَاكَ اللَّهُ الدَّارَ الْآخِرَةَ بيه وونس پنن قومن بيه ژه الله تعالىٰ آن مال ۽ دولت عطا ڪورمُت ڇهوي امهِ مال ۽ دولته سيتِ ڪر ژه حاصل آخر تُڪ گره ۽ يه مال آس ڪران خرچ ٿهندهِ رضا خيطره وَلَا تَنسَ نَصِيبَكَ مِنَ الدُّنْيَا بيه مه مُشر اوژه دُنياء منزه پنن سو حصه يُس کهينه چينه ۽ لباسه خيطره ضرورت پيه وَأَحْسِن كَمَا أَحْسَنَ اللَّهُ إِلَيْكَ بيه ڪر ژه ۽ احسان بين لوڪن نسبت ٿهه پاٺهِ احسان ڪور الله تعالىٰ آن ژه نسبت

الْفَسَادَ فِی الْاَرْضِ ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَا یُحِبُّ الْمُفْسِدِیْنَ ﴿٧٧﴾
قَالَ اِنَّمَاۤ اُوْتِیْتُهٗ عَلٰی عِلْمٍ عِنْدِیْ ؕ اَوَ لَمْ یَعْلَمْ اَنَّ اللّٰهَ قَدْ
اَهْلَكَ مِنْ قَبْلِهٖ مِنَ الْقُرُوْنِ مَنْ هُوَ اَشَدُّ مِنْهُ قُوَّةً وَّ اَكْثَرُ
جَمْعًا ؕ وَ لَا یُسْئَلُ عَنْ ذُنُوْبِهِمُ الْمُجْرِمُوْنَ ﴿٧٨﴾ فَخَرَجَ عَلٰی قَوْمِهٖ
فِیْ زِیْنَتِهٖ ؕ قَالَ الَّذِیْنَ یُرِیْدُوْنَ الْحَیٰوةَ الدُّنْیَا یٰلَیْتَ لَنَا

وَلَا تَبْغِ الْفَسَادَ فِی الْاَرْضِ بیہِ مہ ژھانڈ تباہی تہ بُردبادی زمینَس منز خدایِہ سنز نافرمانی کرنہ سیت بیہِ تسندِس پیغمبرہ سنز مخالفت کرنہ سیتِ۔ بیہِ اَمہِ مالک واجبی حقوق ضائع کرنہ سیتِ اِنَّ اللّٰهَ لَا یُحِبُّ الْمُفْسِدِیْنَ پزٕ پاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُونہ پسند کران تباہی یژھن والین قَالَ اِنَّمَاۤ اُوْتِیْتُهٗ عَلٰی عِلْمٍ عِنْدِیْ یہِ بُوزِت لوگ وننِ قارُون یہِ مال و دولت چھُومہِ حاصل سپدمُت پننہِ تگنہ سیتِ تہ ذاتی ہُنر مندی سیتِ۔ یعنی مہِ چھہِ تِم تدبیر تگان یمو سیتِ مال و دولت کماونہِ یوان چھُو۔ تِم سیتِ چھُومہِ یہِ سو رُوی جمع کورمُت۔ میون تھیکُن چھُو بجا۔ مہِ چھُونہ یتھ منز کانہہ غیبی احساناہ وو تمُت نہ چھُو کانسہِ ہُند اتھ اندر کانہہ حقاہ یہِ چھُومہ پننہ نیواتھو جو کھمت زیو نمُت۔ اَوَ لَمْ یَعْلَمْ اَنَّ اللّٰهَ قَدْ اَهْلَكَ مِنْ قَبْلِهٖ مِنَ الْقُرُوْنِ مَنْ هُوَ اَشَدُّ مِنْهُ قُوَّةً وَّ اَكْثَرُ جَمْعًا اتھ امسندِس وَننس چھُو اللہ تعالیٰ ردّ کران۔ فرماوان کہ کیاہ ام قارونن چھنہ بیشمار لُوکن ہندہ ذریعہ یہِ کتھ بوزمژ کہ پزٕ پاٹھِ اللہ تعالیٰ اَن چھہِ گالمتِ امسِ بروٚنٹھ تِم تِم قوم یِم تمسندِ خوتہ زیادہ سخت آسِ قوتہ رٕن یعنی نوکر و چاکرو رٕن بیہِ آسِ زیادہ مال و دولتہ رٕن۔ تتوی یُوت سپُد نہ تہندہ حقہٕ کہِ تِم کیا آیے ہلاک کرنہ بلکہ تِمن اِیہِ آخرِ تِس اندر تہ پرِ ژھنہ ورای عذاب کرنہ وَلَا یُسْئَلُ عَنْ ذُنُوْبِهِمُ الْمُجْرِمُوْنَ تِمن گُناہگارن نِش بیہِ نہ سوال کرنہ نہ پرژھنہ۔ تِمن اِیہِ پرژھنے سزا دِنہ کیازِہ تِمن آسہِ سزاہَس مُستحق آسنک علامت لگت۔ وونئے تِمن نِشہِ کُنہِ وقتہ سوال کرنہ اِیہِ سُو آسہِ تہنز رُسوائی تہ خجالت ہُراونہ خیطرہ فَخَرَجَ عَلٰی قَوْمِهٖ فِیْ زِیْنَتِهٖ اکہ دوہہ سپُد اِتفاق کہ قارُون دراو پننہِ نِس قومس بروٚنٹھ رٕن سخت آرائش تہ ٹیٹھ کرِت شیرت تہ پارت اکہ شانہ قَالَ الَّذِیْنَ

مِثْلَ مَآ اُوْتِیَ قَارُوْنُ اِنَّهٗ لَذُوْ حَظٍّ عَظِیْمٍ ﴿۷۹﴾ وَقَالَ الَّذِیْنَ
اُوْتُوا الْعِلْمَ وَیْلَكُمْ ثَوَابُ اللّٰهِ خَیْرٌ لِّمَنْ اٰمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا ۚ
وَلَا یُلَقّٰىهَآ اِلَّا الصّٰبِرُوْنَ ﴿۸۰﴾ فَخَسَفْنَا بِهٖ وَبِدَارِهِ الْاَرْضَ ۫ فَمَا
كَانَ لَهٗ مِنْ فِئَةٍ یَّنْصُرُوْنَهٗ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ ۗ وَمَا كَانَ مِنَ
الْمُنْتَصِرِیْنَ ﴿۸۱﴾ وَاَصْبَحَ الَّذِیْنَ تَمَنَّوْا مَكَانَهٗ بِالْاَمْسِ یَقُوْلُوْنَ
وَیْكَاَنَّ اللّٰهَ یَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ یَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ وَیَقْدِرُ ۚ

یُرِیْدُوْنَ الْحَیٰوةَ الدُّنْیَا تمسندِہ برادری منزہ بعضے لوکو ییم با ایمان آستھ تہِ آسِ دُنیا ژھانڈان۔ تمِ لگِ ونہِ یٰلَیْتَ لَنَا مِثْلَ مَآ اُوْتِیَ قَارُوْنُ اے کاش اَسہِ تےِ آسہاہُتھ مال یُتھ قارونس عطا آو کرنہ اِنَّهٗ لَذُوْ حَظٍّ عَظِیْمٍ بیشک سُو چھُو بوڈ نصیبہ ڈول یہِ ونہ سیتِ سپدِہ نہ تہندِس ایمانس کانہہ خلل یتھہ پاٹھِ ازتہِ کاتیاہ مُسلمان بین غیر مُسلم قومن ہنز ترقی وُچھِت تمنا چھہِ کران تمن پتھہ لجی فکرِ آسان۔ وَقَالَ الَّذِیْنَ اُوْتُوا الْعِلْمَ وَیْلَكُمْ ثَوَابُ اللّٰهِ خَیْرٌ لِّمَنْ اٰمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا ییمن لوکن خدایہ سندِہ طرفہ علم و فہیم دُولت دِنہ آس آمژ تمو دُوپ ییمن حریص تہ طالع لوکن کہ افسوس تُہندِہ حقہ خدایہ سنُد ثواب چھُو بہتر تہ رُت اَمہِ مالِ دُنیاء خوتہ یُس عطا کرنہ یہِ تمن لوکن ییمو ایمان اُون بیہِ کریکھ رژہ عملہ وَلَا یُلَقّٰىهَآ اِلَّا الصّٰبِرُوْنَ یہِ ثواب چھُونہ کامِل طُور عطا یوان کرنہ مگر صبر کرہ ونین۔ ییم مالِ دُنیاء کہ حرِص وطمع نشہِ صبر کرہ وَنِ آسن فَخَسَفْنَا بِهٖ وَبِدَارِهِ الْاَرْضَ پَس ڈول اَسہِ سُو قارُون بیہِ تمسنزہ کرہِ جایہِ زمینس تل فَمَا كَانَ لَهٗ مِنْ فِئَةٍ یَّنْصُرُوْنَهٗ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَمَا كَانَ مِنَ الْمُنْتَصِرِیْنَ پَس آس نہ تَس کانہہ جماعتھاہ یُوسہ تَس مدد کرِہ ہیکہِ ہا خدایس ورای۔ نہ ہیوک تمِ پنن پان بچاوِت کانسہِ ہُند مدد حاصِل کرِت حالانکہِ تمِس سیتِ آس بڈ جماعت مگر کانہہ تہِ پُوکُس نہ برونٹھ وَاَصْبَحَ الَّذِیْنَ تَمَنَّوْا مَكَانَهٗ بِالْاَمْسِ یَقُوْلُوْنَ پگاہ صُبحس تمسندِہ خسفک واقعہ وُچھِت وون تمو لوکو ییم اَمہِ برونٹھ پہن تمنا آسِ کران قارونہ سندِہ مال و دولتُک بیہِ تَس ہیُو بنہ نُک وَیْكَاَنَّ اللّٰهَ یَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ یَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ وَیَقْدِرُ

لَوْلَآ اَنْ مَّنَّ اللّٰهُ عَلَيْنَا لَخَسَفَ بِنَا ؕ وَيْكَاَنَّهٗ لَا يُفْلِحُ
الْكٰفِرُوْنَ ﴿۸۲﴾ تِلْكَ الدَّارُ الْاٰخِرَةُ نَجْعَلُهَا لِلَّذِيْنَ لَا
يُرِيْدُوْنَ عُلُوًّا فِى الْاَرْضِ وَلَا فَسَادًا ؕ وَالْعَاقِبَةُ لِلْمُتَّقِيْنَ ﴿۸۳﴾
مَنْ جَآءَ بِالْحَسَنَةِ فَلَهٗ خَيْرٌ مِّنْهَا ۚ وَمَنْ جَآءَ بِالسَّيِّئَةِ فَلَا
يُجْزَى الَّذِيْنَ عَمِلُوا السَّيِّاٰتِ اِلَّا مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿۸۴﴾
اِنَّ الَّذِىْ فَرَضَ عَلَيْكَ الْقُرْاٰنَ لَرَآدُّكَ اِلٰى مَعَادٍ ؕ

---

تعجب چھُو کہ اللہ تعالیٰ چھُو رزقس اندر وسعت کران پننہ نیو بندو آندرہ تمن یژھان چھُو بیہ چھُو
سُوی تنگی کران رزقس اندر تمن تمن یژھان چھُو۔ لَوْلَآ اَنْ مَّنَّ اللّٰهُ عَلَيْنَا لَخَسَفَ بِنَا وَيْكَاَنَّهٗ
لَا يُفْلِحُ الْكٰفِرُوْنَ ہرگاہ نے اللہ تعالیٰ اَسہِ پیٹھ مِنّت تھاوِہاِ اَسہِ تہ نیہ ہاز مینس تل والتِ مالِ دُنیاء
کہ حرِص وطمعہ مُوکھہ۔ تعجّب چھُوکہِ کافر زانہہ کامیاب سپدِن نہ۔ ہرگاہ کینہہ کالاہ دُنیاءس منز عیش تہ
گرِن مگر پتولا کہ چھُو تمن تاوانس تہ خُسرانس گرفتار سپدُن۔ فلاح و کامیابی چھِہ مخصُوص باایمانن ہندِہ
خیطرہ تِلْكَ الدَّارُ الْاٰخِرَةُ نَجْعَلُهَا لِلَّذِيْنَ لَا يُرِيْدُوْنَ عُلُوًّا فِى الْاَرْضِ وَلَا فَسَادًا یہِ عالمِ آخرت
یمکہِ ثوابُک مقصُود آسُن بیان آوُ کرنہ۔ ثواب اللہ خیر وننہ سیتِ سُو چھُو اَسہِ خاص مقرّر کورمُت تمن
لُوکن ہندِہ خیطرہ یمنہ دُنیاءس اندر مالی اعتبارہ ثوڈُبُن یژھان چھِہ نہ۔ بیہ چھِنہ فساد تباہی تہ بُربادی
یژھان وَالْعَاقِبَةُ لِلْمُتَّقِيْنَ رُت انجام تہ رُت نتیجہ چھُو خدائس کھوژہ وُنین ہندِہ خیطرہ یمِ ترکِ نواہین
سیتِ امتثالِ اوامر تہِ آسن کران مَنْ جَآءَ بِالْحَسَنَةِ فَلَهٗ خَيْرٌ مِّنْهَا قیامتُک دوہ یُس اکھاہ خدائس نشہِ
نیکی ہیتھ یِیہ تسندِہ خیطرہ چھِہ سُوی مزُورِ یوسہ تمہِ خوتہ رژ آسہِ استحقاقہ خوتہ زیادہ آسہِ وَمَنْ جَآءَ
بِالسَّيِّئَةِ فَلَا يُجْزَى الَّذِيْنَ عَمِلُوا السَّيِّاٰتِ اِلَّا مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ یُس اکھاہ تَس نشہِ تمہِ دوہہ بدی
ہیتھ یِیہ پَس یِیہ نہ پتھ کاماہ کرہ وُنین کانہہ مزُورِ تہ سزا دِنہ مگر تمنی کامین ہنز یمِ تمِ گرہ ونِ آسن زیادتی
ورای اِنَّ الَّذِىْ فَرَضَ عَلَيْكَ الْقُرْاٰنَ لَرَآدُّكَ اِلٰى مَعَادٍ تُہہ کرِ وہ دُشمنو تکلیفات واتناونہ سیتِ

قُلْ رَّبِّيْٓ اَعْلَمُ مَنْ جَآءَ بِالْهُدٰى وَمَنْ هُوَ فِيْ ضَلٰلٍ
مُّبِيْنٍ ۝۸۵ وَمَا كُنْتَ تَرْجُوْٓا اَنْ يُّلْقٰٓى اِلَيْكَ الْكِتٰبُ
اِلَّا رَحْمَةً مِّنْ رَّبِّكَ فَلَا تَكُوْنَنَّ ظَهِيْرًا لِّلْكٰفِرِيْنَ ۝۸۶
وَلَا يَصُدُّنَّكَ عَنْ اٰيٰتِ اللّٰهِ بَعْدَ اِذْ اُنْزِلَتْ اِلَيْكَ
وَادْعُ اِلٰى رَبِّكَ وَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ ۝۸۷

---

سخت پريشان. جتھ اندر توهه پيووه مجبور سپدت ترڪِ وطن ڪرڻ. ڄمڪه مفارقت وجدائي هُند توهه سخت صدمه ڇھو. توهه سپڊن تسلي ڄمه ڪھه سيت ڪه بيشڪ ڄم پروردگارن توهه پيٹھ يارسول الله قرآني احڪامن هُند تعميل ته تبليغ ڪرڻ فرض ڪورسو واتناوه توهه ضرور پنه نس وطن اِصليس يعني مڪّه شريفس منز. تمه ساته آسو تُهه آزاد ته غالب. بيه آسو تُهه صاحب سلطنت قُلْ رَّبِّيْٓ اَعْلَمُ مَنْ جَآءَ بِالْهُدٰى وَمَنْ هُوَ فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ ڄم لوڪھ توهه زانان ڇھِ غلطي پيٹھ ته پانس ڇھِ زانان پزرس پيٹھ تمن فرماوِ تُهه يارسول الله ڪه ميُون پروردگار ڇھو پوره زانه ڈن ڪه ڪُهه آو تهندِ ه طرفه پوزدين ته بوڈ هدايت هيتھ. بيه ڇھو سوي زانان ڪه ڪُهه ڇھو مُبتلا نه گُمراهي اندر. تُهنز دولتِ نُبوّت ڇھه محض خدايه سنزِ ي مهرباني وَمَا كُنْتَ تَرْجُوْٓا اَنْ يُّلْقٰٓى اِلَيْكَ الْكِتٰبُ اِلَّا رَحْمَةً مِّنْ رَّبِّكَ فَلَا تَكُوْنَنَّ ظَهِيْرًا لِّلْكٰفِرِيْنَ توهه آسِ نه پنه حقه پيغمبر بنه برونٹھ ڪانه اُميد ڪِه توهه گن ڪيا ايِه نازِل ڪرنه يِه عظيم الشان ڪتاب يعني قرآن مجيد. مگر سپز يه ڪتاب نازِل توهه پيٹھ محض خدايه سنزه مهرباني سيت. لِهٰس مه آسو تُهه مددگار بنان ڪافرن هندِ ه خيطر ه تهنزن ڪھن تائيد ڪرنه سيت. يتھ پاٹھ ازتان تُهه تمن نشه الگ رُودوه تِتھے پاٹھ گزشهِ آينده ته الگ روزُن. وَلَا يَصُدُّنَّكَ عَنْ اٰيٰتِ اللّٰهِ بَعْدَ اِذْ اُنْزِلَتْ اِلَيْكَ بيه يلهِ خدايه سندِ احڪام توهه پيٹھ نازل سپد. وٺن مه اِين لبنه ترڅه ڪھه ڪه ڄم لوڪ ڪيار ٹن توهه پتھ ڄمو احڪامو نشه وَادْعُ اِلٰى رَبِّكَ وَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ تُهه رُوزِو بدستوُر لوڪن پنه نس پروردگاره سندِس دينس گن نادِوان. بيه يتھه پاٹھِ ازتام توهه مُشرڪن سيتِ ڪانه تعلق ٿووه نه تِتھے پاٹھ مه ٿاوِو ڪانه تعلق تمن

# وَلَا تَدْعُ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ ۘ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۟ كُلُّ شَیْءٍ هَالِكٌ اِلَّا وَجْهَهٗ ؕ لَهُ الْحُكْمُ وَاِلَیْهِ تُرْجَعُوْنَ ۸۸

سیتِ آیندہ تہٕ۔ بیہ مہٕ سپد وِ شامِل تُہہ مُشرکن سیتِ۔ بلکہ یتھہٕ پاٹھ از تام تُہہ شِرکہ نِشہٕ معصُوم تہٕ پاک رُودِوہ یتھے پاٹھِ رُوزِو ہمیشہ پاک تہٕ معصُوم وَلَا تَدْعُ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ بیہ مہٕ دِوٗتُہہ نادخدائس سیتِ بیہ کانسہِ معبُودس لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ کیازِہ کانہہ معبُود اہ چھُونہٕ تَس وَرای كُلُّ شَیْءٍ هَالِكٌ اِلَّا وَجْهَهٗ پرٕ یتھ چیز اہ چھُو ہلاک گژھہ وُن تسندِہ ذاتِ پاکہ وَرای۔ معدُوم تہٕ نابُود سپدُن چھُو دلیل یمہِ کتھہِ ہنز کہ سُو چھُونہٕ قدیم او سمُت یہے چھہٕ دلیل واجبُ الوجود نہٕ آسنِچ۔ مستحق عبادت آسنگ شرط چھُو واجبُ الوجود آسُن یلہِ نہٕ سُو واجبُ الوجود چھُو لہذا ییکہِ نہٕ سُو ہرگز مستحق عبادت آسِتھ تمِی چھُو مضمون لاالہ ثابت لَهُ الْحُكْمُ وَاِلَیْهِ تُرْجَعُوْنَ حکومت چھہٕ تَہنز یمیُک کامِل ظہور سپدِہ قیامتک دوہ۔ تَس کُن اِیِو تُہہ ساری واپس واتناونہٕ۔ سارنی ییہِ پنِنہ کرِ مَتیُک سزادِنہٕ۔ یمو آیاتو سیتِ چھُو مطلب کافر تہٕ مُشرِک نااُمید کرنِ تمہِ درخواستہٕ نِشہِ یُس تمِ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم سندس خدمتس منز پیش کران آسِ کہ تُہہ پھیر تو سانہِ سی دِینس کُن۔ اصل چھُو روِی سخُن یمن آیاتِ کریمن منز تمنی مُشرکن کُن کہ ای مُشرکو تُہہ چھِوہ حضور صلی اللہ علیہ وسلمن درخواست کران پنہ نِس دِینس سیت مُوافقت کرہ نک۔ اَتھ منز سپدِ ونہٕ تُہہ ہرگز کامیاب۔ مگر عادت چھُو یلہِ کانسہِ پیٹھ ژکھ، بیزاری تہٕ غُصہٕ چھُو آسان تمہ ساتہٕ چھُونہٕ یِوان تَس کُن روِی سخُن کرنہٕ۔ بلکہِ چھہٕ کتھ یِوان تَس واتناونہ بیس کُن لاگِت۔ یتِس چھُو تمی طریقہ آمُت کرنہٕ۔ پنہ نِس محبُوبس خاصس کُن وَنتھ چھُو مُراد تمن دُشمن کتھ واتناوِن یِمو یہ درخواست کران آسِ۔ کیازِہ تمِ یلہِ اللہ تعالیٰ ان سُوزِ ہِین لوکن پیٹھس دینس کُن نادِ دِنہٕ خیطرہ یِہ کتھہ پاٹھ چھُو ممکن کہ تمِ کیاسپدِن نعوذ باللہ پانہ کُفر وشِرکس کُن مائیل۔



## سُوْرَةُ الْعَنْكَبُوْتِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ

الٓمّٓ ﴿۱﴾ اَحَسِبَ النَّاسُ اَنْ يُّتْرَكُوْٓا اَنْ يَّقُوْلُوْٓا اٰمَنَّا وَهُمْ لَا
يُفْتَنُوْنَ ﴿۲﴾ وَلَقَدْ فَتَنَّا الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ فَلَيَعْلَمَنَّ اللّٰهُ
الَّذِيْنَ صَدَقُوْا وَلَيَعْلَمَنَّ الْكٰذِبِيْنَ ﴿۳﴾ اَمْ حَسِبَ الَّذِيْنَ
يَعْمَلُوْنَ السَّيِّاٰتِ اَنْ يَّسْبِقُوْنَا ۭ سَاۗءَ مَا يَحْكُمُوْنَ ﴿۴﴾ مَنْ كَانَ
يَرْجُوْا لِقَاۗءَ اللّٰهِ فَاِنَّ اَجَلَ اللّٰهِ لَاٰتٍ ۭ وَهُوَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ ﴿۵﴾

---

الٓمّٓ یم چھِ حُروف مُقطعات یمن ہُند معنیٰ زانہ پانہ خدا اَحَسِبَ النَّاسُ اَنْ يُّتْرَكُوْٓا اَنْ يَّقُوْلُوْٓا اٰمَنَّا وَ هُمْ لَا يُفْتَنُوْنَ بعضے مُسلمان چھِ کافرن ہندیو تکلیفو سیت گابران تہ بانبران۔ کیا تمن لوکن چھا گُمانہ کہِ تم کیا ین زیوہِ سیتِ آمنّاونت آزمائشہ ورایِ تراونہ۔ یعنی تہِ ہنہ نہ۔ بلکہِ اَمہِ قسمکِ امتحانات تہ آزمائشہ ین ضرور تمن پیش وَلَقَدْ فَتَنَّا الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ فَلَيَعْلَمَنَّ اللّٰهُ الَّذِيْنَ صَدَقُوْا وَلَيَعْلَمَنَّ الْكٰذِبِيْنَ پتہ پاٹھِ اَسہِ چھہ تتھوے واقعاتو سیتِ آزمائش کٔرمٕژ تمن لوکن تہِ یم یمن برونٹھ چھِ گُذرِمتِ مُسلمان برونٹھِمین اُمتن اندر۔ یتھہ اللہ تعالیٰ نظر اوِہ تمن لوکن ہُند ایمان یم پتہ زیرہ چھِ ایمان انہ نس اندر بیہ نظر اوِہ سُو تمن لوکن ہُند ایمان یم ایمان انہ کس دعواے اَس منزاپز زیرہ چھہ۔ چنانچہ یم لوکھ وژھِ وانجہِ ایمان انان چھِ تم چھِ امتحانن اندر ثابت روزان بلکہ چھُو تُہند ایمان پختہ سپدان۔ وَن یم لوک وژھ کَمے چھِ پَران تم چھِ امتحانکِہ وقتہ اسلام تراوان بیہ کُفرس کُن پھیران۔ اَمْ حَسِبَ الَّذِيْنَ يَعْمَلُوْنَ السَّيِّاٰتِ اَنْ يَّسْبِقُوْنَا کِنہ گُمان چھِ کران تم لوک یم تیجھ کامہ چھِ کران (شرک تہ نافرمانی، مُسلمانن تکلیف رسانی) تم کیاہ ہیکن ژلِت اَسہِ نشہِ سَاۗءَ مَا يَحْكُمُوْنَ یہ خیال کرُن تُہند چھُو سیٹھاہ بے ہُودہ تہ تیجھ۔ تمن کافرن ییہِ ضرور امیک بدلہ ہینہ۔ مَنْ كَانَ يَرْجُوْا لِقَاۗءَ اللّٰهِ فَاِنَّ اَجَلَ اللّٰهِ لَاٰتٍ

وَمَنۡ جَاهَدَ فَاِنَّمَا يُجَاهِدُ لِنَفۡسِهٖ ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَغَنِىٌّ عَنِ
الۡعٰلَمِيۡنَ ۝٦ وَالَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ لَنُكَفِّرَنَّ
عَنۡهُمۡ سَيِّاٰتِهِمۡ وَلَنَجۡزِيَنَّهُمۡ اَحۡسَنَ الَّذِىۡ كَانُوۡا يَعۡمَلُوۡنَ ۝٧
وَوَصَّيۡنَا الۡاِنۡسَانَ بِوَالِدَيۡهِ حُسۡنًا ؕ وَاِنۡ جَاهَدٰكَ
لِتُشۡرِكَ بِىۡ مَا لَيۡسَ لَكَ بِهٖ عِلۡمٌ فَلَا تُطِعۡهُمَا ؕ اِلَىَّ

---

وَهُوَ السَّمِيۡعُ الۡعَلِيۡمُ یُس شخصَس پُور امید آسہِ آخر تَس منز خدایَس سیت ملاقات کرِنچ تمسُند گژھہ نہ تِتھیو حادثاتو سیت پریشان سپُدن بلکہ گژھہ تمسنز تِمچ تیاری کرن۔ خدایَس سیتِ مُلاقات کرنُک وقت چھُو مُقرر کرنہ آمُت۔ سُو وقت چھُو ضرور یِنہ نِس مُو قس پیٹھ یِنہ ڈول یمہ سیتِ سارِی غم دُور سپدن۔ سُو چھُو سورُوی بوزہ وُن سورُوی زانہ وُن۔ تَس نِشہ چھُونہ کانہہ چیز پُوشیدہ۔ نہ کانہہ کتھ، نہ کانہہ کوم۔

یُس دِیہ سُو تُہہِ پرِتھ رژہِ کتھہ تہ پرِتھ رژہِ کامہِ ہُند عوض تہ بدلہ۔ یمہ سیتِ سارِی غم تہ غصہّ دُور سپدنَ وَمَنۡ جَاهَدَ فَاِنَّمَا يُجَاهِدُ لِنَفۡسِهٖ اِنَّ اللّٰهَ لَغَنِىٌّ عَنِ الۡعٰلَمِيۡنَ یِہ گژھہِ تھاوُن یادَس اَسِ یُس تُہہِ محنتن تہ مشقتن برداشت کرنُک ترغیب دِوان چھہِ اتھ اندر چھُونہ اَسہِ کانہہ مُفاداہ۔ بلکہ یُس محنت چھُو کران خدایِہ سندِ احکام بجانہ تَس اندر سُو چھُو محنت کران پننہ پانہہِ فائدہ خیطرہ۔ ورنہ پرٛزپاٹ اللہ تعالیٰ چھُو سارِوی لُوکو نِشہِ بالکل بے نیاز۔ سُو چھُو نہ کانسہِ ہُنْد محتاج وَالَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ لَنُكَفِّرَنَّ عَنۡهُمۡ سَيِّاٰتِهِمۡ وَلَنَجۡزِيَنَّهُمۡ اَحۡسَنَ الَّذِىۡ كَانُوۡا يَعۡمَلُوۡنَ یِہ یمو لُوکو ایمان اُون بیہ کریکھ رژہ عملہ اَسِ کرَو ضرور مغفرت تِہندیَن گُنہن بیہ دِمَو تِمن استحقاقہ خوتہ زیادہ رُت تہ زیادہ بدلہ۔ تِمن رژن کامین ہُند یمہ کران آسِ تِم دُنیاءَس اَندر وَوَصَّيۡنَا الۡاِنۡسَانَ بِوَالِدَيۡهِ حُسۡنًا یِہ کوراَسہِ حُکم انسانَس مالِس ماجہِ نسبت رُت سُلوک تہ احسان کرُنک۔ سیت وَنُس یِہ کتھ تہ کہِ وَاِنۡ جَاهَدٰكَ لِتُشۡرِكَ بِىۡ مَا لَيۡسَ لَكَ بِهٖ عِلۡمٌ فَلَا تُطِعۡهُمَا ہرگاہ مُول مُوج زور کرہ نےٚ سُو چیز میون شریک ٹھہراونہ خیطرہ یمسندس معبُود آسنَس پیٹھ ژہِ نِشہِ کُنہی دلیل چھنہ پَس مُتھنہ ژہِ تِہند مانکھ کُنس

مَرْجِعُكُمْ فَأُنَبِّئُكُمْ بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ۝۸ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا
وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ لَنُدْخِلَنَّهُمْ فِي الصّٰلِحِيْنَ ۝۹ وَمِنَ
النَّاسِ مَنْ يَّقُوْلُ اٰمَنَّا بِاللّٰهِ فَاِذَآ اُوْذِيَ فِي اللّٰهِ جَعَلَ
فِتْنَةَ النَّاسِ كَعَذَابِ اللّٰهِ ؕ وَلَئِنْ جَآءَ نَصْرٌ مِّنْ رَّبِّكَ
لَيَقُوْلُنَّ اِنَّا كُنَّا مَعَكُمْ ؕ اَوَلَيْسَ اللّٰهُ بِاَعْلَمَ بِمَا فِيْ صُدُوْرِ
الْعٰلَمِيْنَ ۝۱۰ وَلَيَعْلَمَنَّ اللّٰهُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَلَيَعْلَمَنَّ

---

خدا ئيس شريڪ ٺهراءِ اوکه اِلَيَّ مَرْجِعُكُمْ فَأُنَبِّئُكُمْ بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ مون ڏي پڇو توهان سڀني رجوع ڪرڻ آهي ۽ واپس اُتي پس ڪرو وه ٿو توهان خبر تمه سارچي بيه تهه ڪران آسوه رُت يا پيڇه وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ لَنُدْخِلَنَّهُمْ فِي الصّٰلِحِيْنَ توهان اندره سمو لوکو ايمان اون ته رڙه عمله ڪريکه تم واتاوو کهه اَسِ ضرور نيڪوڪارن سيت جنتس. يتهي پاٽ سم لوکه پيڇه ڪامه ڪرن تمن پيه سزا دنه. لهذا ئيس اکهاه مالس ماجه هنز اطاعت مُقدم ٿهاوه خدايه سندس اطاعتس پيٺه تس ته پيه سزا دِنه يه آيه ڪريم ڇهو نازِل سپدمت حضرت سعد بن ابي وقاصه سندِه حقه. تمن آس موج اسلامه نشهِ ڦيرنس پيٺه مجبور ڪران وَمِنَ النَّاسِ مَنْ يَّقُوْلُ اٰمَنَّا بِاللّٰهِ فَاِذَآ اُوْذِيَ فِي اللّٰهِ جَعَلَ فِتْنَةَ النَّاسِ كَعَذَابِ اللّٰهِ بيه پڇهِ لوکو اَندره بعضي سم ونان ڇهِ اَسهِ اُون ايمان خدائيس. توپته هرگاه خدايه سنزه وَته اندر ڪانهه تڪليف واتان ڇهو کهه لوکن هندِه طرفه تته لوکن هندس تڪليفس ڇهِ زانان خدايه سُند عذاب هيو. يعني سيٺهاه پريشان ڇه سپدان وَلَئِنْ جَآءَ نَصْرٌ مِّنْ رَّبِّكَ لَيَقُوْلُنَّ اِنَّا كُنَّا مَعَكُمْ توپته هرگاه تُهندس پروردگاره سندِه طرفه مُسلمانن ڪانهه مدداه واتان ڇهو تمهِ ساته ڇهِ ڊپان اَسي توهي سيت آسِ اَوَلَيْسَ اللّٰهُ بِاَعْلَمَ بِمَا فِيْ صُدُوْرِ الْعٰلَمِيْنَ ڪياه الله تعاليٰ ڇهُنا پورزانه ڊن تته سارسي يه عالمه ڪين لوکن هندين دِلن منز ڇهو وَلَيَعْلَمَنَّ اللّٰهُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَلَيَعْلَمَنَّ الْمُنٰفِقِيْنَ الله تعاليٰ اَس ڇهو نر اوُن با ايمانن هند حال ته. بيه ڇهس نر اوُن مُنافقن هُند حال تهِ وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوا اتَّبِعُوْا سَبِيْلَنَا

الْمُنٰفِقِيْنَ ﴿١١﴾ وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوا اتَّبِعُوْا
سَبِيْلَنَا وَلْنَحْمِلْ خَطٰيٰكُمْ ؕ وَمَا هُمْ بِحٰمِلِيْنَ مِنْ خَطٰيٰهُمْ
مِّنْ شَيْءٍ ؕ اِنَّهُمْ لَكٰذِبُوْنَ ﴿١٢﴾ وَلَيَحْمِلُنَّ اَثْقَالَهُمْ وَاَثْقَالًا مَّعَ
اَثْقَالِهِمْ ؗ وَلَيُسْـَٔلُنَّ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ عَمَّا كَانُوْا يَفْتَرُوْنَ ﴿١٣﴾
وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا نُوْحًا اِلٰى قَوْمِهٖ فَلَبِثَ فِيْهِمْ اَلْفَ سَنَةٍ
اِلَّا خَمْسِيْنَ عَامًا ؕ فَاَخَذَهُمُ الطُّوْفَانُ وَهُمْ ظٰلِمُوْنَ ﴿١٤﴾
فَاَنْجَيْنٰهُ وَاَصْحٰبَ السَّفِيْنَةِ وَجَعَلْنٰهَاۤ اٰيَةً لِّلْعٰلَمِيْنَ ﴿١٥﴾

---

وَلْنَحْمِلْ خَطٰيٰكُمْ بیہ چھِہ ونان کافر باایمانن تہہ پکوِ دیئس اَندر رسانہ وَتہِ۔ قیامتٹ دوہ تلواَسِ پانِس پیٹھ تہند وبال تہ گناہ وَمَا هُمْ بِحٰمِلِيْنَ مِنْ خَطٰيٰهُمْ مِّنْ شَيْءٍ اِنَّهُمْ لَكٰذِبُوْنَ حالانکہ تم تُلن نہ ہرگز تہندیو گنا ہو اَندرہ اکھ زرّہ تہ تمہِ طریقہ یمہِ سیتِ تم تمو گنہو نِشہِ آزاد سپدن۔ تم چھِہ بیہ بالکُل اپز ونان۔ وَلَيَحْمِلُنَّ اَثْقَالَهُمْ وَاَثْقَالًا مَّعَ اَثْقَالِهِمْ وَلَيُسْـَٔلُنَّ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ عَمَّا كَانُوْا يَفْتَرُوْنَ تم تُلن ضرور قیامتٹ دوہ پنہ نین گنہن ہُند بور۔ بیہ تُلن وارِیاہ بور پنہ نین بورن سیتِ۔ سُو گولوکن گمراہ کرہ نکین گنہن ہُند بُورِ بیہ۔ تمن ضرور پرژھنہ قیامتٹ دوہ تمن سارنی کتھن ہند یمہِ تم پانے ٹھراوان آسِ تو پتہ پیٹھ سزاہِ نہ۔ وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا نُوْحًا اِلٰى قَوْمِهٖ فَلَبِثَ فِيْهِمْ اَلْفَ سَنَةٍ اِلَّا خَمْسِيْنَ عَامًا بیہ سُوز اسہِ نوح علیہ السلام پیغمبر پنہ نِس قومس کُن۔ پَتہ رُود سُو تمن منز پنژہ (٥٠) ہَو کم اکس ساسس (ساڑن نون شتن) وَرِہس تبلیغ کران توحیدس کُن نادِ دوان۔ مگر تہِ کرِ ت تہ اون نہ تمو ایمان بلکہ کورُکھ اِنکار تہ تکذیب فَاَخَذَهُمُ الطُّوْفَانُ وَهُمْ ظٰلِمُوْنَ اَدہ رٹِ تم سیلابن تہ پھاٹون درحالیکہ تم آسِ بڈہ ظالم۔ فَاَنْجَيْنٰهُ وَاَصْحٰبَ السَّفِيْنَةِ وَجَعَلْنٰهَاۤ اٰيَةً لِّلْعٰلَمِيْنَ پتہ دیت اسہِ نجات حضرتِ نوحس بیہ تِمن تہنزہ ناوِہ اندر کھتمتِ آسِ اَمہِ طوفانہ نِشہِ۔ بیہ تھو اسہِ سُو واقع اکھ نشاناہ عبرتک عالمہ کین لوکن ہندِہ خیطرہ

وَإِبْرٰهِيْمَ إِذْ قَالَ لِقَوْمِهِ اعْبُدُوا اللّٰهَ وَاتَّقُوْهُ ۭ ذٰلِكُمْ
خَيْرٌ لَّكُمْ إِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ﴿۱۶﴾ إِنَّمَا تَعْبُدُوْنَ مِنْ
دُوْنِ اللّٰهِ أَوْثَانًا وَّتَخْلُقُوْنَ إِفْكًا ۭ إِنَّ الَّذِيْنَ
تَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ لَا يَمْلِكُوْنَ لَكُمْ رِزْقًا فَابْتَغُوْا
عِنْدَ اللّٰهِ الرِّزْقَ وَاعْبُدُوْهُ وَاشْكُرُوْا لَهٗ ۭ إِلَيْهِ
تُرْجَعُوْنَ ﴿۱۷﴾ وَإِنْ تُكَذِّبُوْا فَقَدْ كَذَّبَ أُمَمٌ مِّنْ

---

تِمن ِنشِهِ اَمِهِ واقِع خبر واڻ تمن تور فکرہ پڑِس مخالفت کر نگ نتیجہ کیاہ چھُو آسان **وَإِبْرٰهِيْمَ إِذْ قَالَ لِقَوْمِهِ اعْبُدُوا اللّٰهَ وَاتَّقُوْهُ** بیہ سُوزاَسہِ حضرتِ ابراہیم پیغمبر بناوت یِلہِ تمو فرموو پنہ ِنِس قومس یِم بُت پرست آسِ ای قوم عبادت کرِو تِہِہ معبودِ برحقّہ سنز۔ بیہ کھوژِو تِس شرکہ ِنِشہِ رُوزِو پتھ **ذٰلِكُمْ خَيْرٌ لَّكُمْ إِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ** بیہ چھُو تُہندہ خیطرہ بہتر ہرگاہ توہہِ زانُن یِگہِ بخلاف شرک سُو چھُو بد طریقہ کیازِہ **إِنَّمَا تَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ أَوْثَانًا وَّتَخْلُقُوْنَ إِفْكًا** تُہہ چھُوہِ معبودِ برحق تراوت پُوتلین ہنز عبادت تہ پرستش کرہ وِنِ یِمِ عاجز تہ نالائیق چھہِ۔ بیہ چھُوہ تتھ متعلّق پانے اَپزِہ کتھہ ٹھہراوان کہ تہندہ سیتِ سپدِہ اَسہِ روزی روزگارس ترقی۔ بیہ سورُوی چھُو محض اپز کیازہ **إِنَّ الَّذِيْنَ تَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ لَا يَمْلِكُوْنَ لَكُمْ رِزْقًا فَابْتَغُوْا عِنْدَ اللّٰهِ الرِّزْقَ وَاعْبُدُوْهُ وَاشْكُرُوْا لَهٗ إِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ** تِمن ہنز عبادت تُہہ خدائس ورای کران چھُوہ تِمِ چھِنہ ہرگز مالِک تُہندِہ کُنہِ رزقُک۔ تِمن اَتھہِ چھُنہ رزقُک کانہہ اختیاری۔ بلکہ چھُو تُہندہ رُوزیُک مالِک معبودِ برحق۔ پَس ژھانڈِوتُہہ تَس ِنشہِ پنُن رُوزی تہ رزق یُس رزقُک مالِک چھُو۔ بیہ یِلہِ رزقُک مالِک چھُو سُوی تہنزی کرِو عبادت۔ بیہ چونکہ از تام چھُوہ تُمی رِزق عطا کورمُت لہذا کرِو تہنزی شکرگُذاری۔ تو پتہ اِیو تُہہ ساری تَس کُن بیہ نہ کانسہِ کُن واپس نہِ۔ سُو دِیہ توہہِ ضرور شرک وکُفر کرنُک پیٹھ سزاء **وَإِنْ تُكَذِّبُوْا فَقَدْ كَذَّبَ أُمَمٌ مِّنْ قَبْلِكُمْ** ہرگاہ تُہ اپزِیور زانومہِ یتھ کتھہِ اندر کہ میون دعوٰی کیا چھُو کہ

قَبْلِكُمْ ۭ وَمَا عَلَى الرَّسُوْلِ اِلَّا الْبَلٰغُ الْمُبِيْنُ ﴿۱۸﴾
اَوَلَمْ يَرَوْا كَيْفَ يُبْدِئُ اللّٰهُ الْخَلْقَ ثُمَّ يُعِيْدُهٗ ۭ
اِنَّ ذٰلِكَ عَلَى اللّٰهِ يَسِيْرٌ ﴿۱۹﴾ قُلْ سِيْرُوْا فِى الْاَرْضِ
فَانْظُرُوْا كَيْفَ بَدَاَ الْخَلْقَ ثُمَّ اللّٰهُ يُنْشِئُ
النَّشْاَةَ الْاٰخِرَةَ ۭ اِنَّ اللّٰهَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ﴿۲۰﴾ۚ
يُعَذِّبُ مَنْ يَّشَاۗءُ وَيَرْحَمُ مَنْ يَّشَاۗءُ ۚ وَاِلَيْهِ تُقْلَبُوْنَ ﴿۲۱﴾

خدایہ سنز عبادت کرن چھہ واجب تَس شُکر دِین چھُو لازم مرنہ پتہ بیہ زندہ گژھُن چھُو حق تہ پوزیہ نو کتھاہ کِنہ چھنہ۔ یِنز پاٹھِ تُوہہِ برونٹھ تہِ چھُو وارِیاہو اُمتو پنہ نین پیغمبرن تکذیب تہ اِنکار کورمُت تمن کتھن۔ تمن پیغمبرن تمیُک کینہہ نقصاناہ ووت نہ کیازِہ وَمَا عَلَى الرَّسُوْلِ اِلَّا الْبَلٰغُ الْمُبِيْنُ پیغمبرس چھُونہ مُطہِ مگر صاف صاف پاٹھ پیغام واتہ ناوُن۔ زورہ مانزاون۔ تسنز کُوم چھنہ۔ پَس سپدِ ساری انبیاء تبلیغ کرِت کامہِ نِشہِ سُبکدوش یتھےَ پاٹھِ سپدِ س تُہ تہ سُبکدوش۔ تُہندِ نہ مانہ تک ضرر چھُو تُوہہِ پانس اَسہِ امیُک کانہہ ضرراہ چھُونہ اَوَلَمْ يَرَوْا كَيْفَ يُبْدِئُ اللّٰهُ الْخَلْقَ ثُمَّ يُعِيْدُهٗ کیاہ تمِ لُوکھ چھنا وچھان زِہ اللہ تعالیٰ کتھہ پاٹھِ چھُو مخلوقن گوڈہ پیدہ کران۔ عدم محضہ نِشہِ بوجود انان۔ تو پتہ کریکھ سُوی بیہِ دوبارہ پیدہ اِنَّ ذٰلِكَ عَلَى اللّٰهِ يَسِيْرٌ بیشک یہ کتھہ چھہ اللہ تعالیٰ اَس نِش سیٹھاہ سہل تہ آسان۔ بلکہ چھُو ظاہرہ پاٹھ دُوبارہ پیدہ کرُن گوڈہ پیدہ کرنہ خوتہ زیادہ سہل۔ اگرچہِ پروردگارس نِشہِ چھہ دوشوے چیز برابر عجیب کتھہ چھہ کہ تمِ لُوکھ چھہِ گوڈہ پیدہ کرنُس اقرار کران مگر دوبارہ پیدہ کرنُس چھہِ اِنکارکران قُلْ سِيْرُوْا فِى الْاَرْضِ فَانْظُرُوْا كَيْفَ بَدَاَ الْخَلْقَ ثُمَّ اللّٰهُ يُنْشِئُ النَّشْاَةَ الْاٰخِرَةَ تُہہ فرماویُکھ یارسُول اللہ اے لُوکو تُہہ پھیرِ تو یتھ ساری زمینس اندر تو پتہ وچھتو کتھہ پاٹھِ چھُو اللہ تعالیٰ ان مخلوقات گوڈہ پیدہ کرمتِ یتھےَ پاٹھِ کیاہ کرِہ اللہ تعالیٰ تمن دوسمہِ پھِرہ قیامتک دوہ بیہ پیدہِ اِنَّ اللّٰهَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ بیشک اللہ تعالیٰ چھُو پرتھ چیزس پیٹھ قُدرت تہ وول۔ يُعَذِّبُ

وَمَآ اَنْتُمْ بِمُعْجِزِیْنَ فِی الْاَرْضِ وَلَا فِی السَّمَآءِ ۫ وَمَا
لَکُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰہِ مِنْ وَّلِیٍّ وَّلَا نَصِیْرٍ ﴿۲۲﴾ ع وَالَّذِیْنَ
کَفَرُوْا بِاٰیٰتِ اللّٰہِ وَلِقَآئِہٖٓ اُولٰٓئِکَ یَئِسُوْا مِنْ رَّحْمَتِیْ
وَاُولٰٓئِکَ لَھُمْ عَذَابٌ اَلِیْمٌ ﴿۲۳﴾ فَمَا کَانَ جَوَابَ قَوْمِہٖٓ
اِلَّآ اَنْ قَالُوا اقْتُلُوْہُ اَوْ حَرِّقُوْہُ فَاَنْجٰىہُ اللّٰہُ مِنَ النَّارِ ؕ
اِنَّ فِیْ ذٰلِکَ لَاٰیٰتٍ لِّقَوْمٍ یُّؤْمِنُوْنَ ﴿۲۴﴾ وَقَالَ اِنَّمَا اتَّخَذْتُمْ

---

مَنْ یَّشَآءُ وَیَرْحَمُ مَنْ یَّشَآءُ بیہِ دوبارہ پیدہ کٔرِت یُس خوش کرِیس تَس کرِہ عذاب۔ یُس خوش کرِیس تس کرِہ رَحم۔ اتھ تعذیب ورحم کرنس منز آسہِ نہ بیہِ کانسہِ دخل کیازِہ وَاِلَیْہِ تُقْلَبُوْنَ تُہہ ساری ایو تَسِ کُن پھِرتھ بیہِ نہ کانسہِ کُن۔ امہِ تعذیبہ نِشہِ بچنہٕ خیطرٕ ہیکونہٕ تُہہ کانہہ تدبیر کٔرِت وَمَآ اَنْتُمْ بِمُعْجِزِیْنَ فِی الْاَرْضِ وَلَا فِی السَّمَآءِ چنانچہ تُہہ ہیکِیُون نہ خداعاجز کٔرِت زمینس منز کھٹِت روزنہ سیتِ نہ وُڈِتھ آسمان کھسنہ سیتِ وَمَا لَکُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰہِ مِنْ وَّلِیٍّ وَّلَا نَصِیْرٍ بیہِ چھُونہ توہہِ خدایس ورای کانہہ سَرپرستاہ۔ نہ کانہہ مددگاراہ۔ لہذا ہیکونہٕ تُہہ نہ پننہٕ تدبیرہ سیتِ عذابہ نِشہِ بچت نہ کانسہِ ہندِہ حمایۃ سیتِ وَالَّذِیْنَ کَفَرُوْا بِاٰیٰتِ اللّٰہِ وَلِقَآئِہٖٓ اُولٰٓئِکَ یَئِسُوْا مِنْ رَّحْمَتِیْ وَاُولٰٓئِکَ لَھُمْ عَذَابٌ اَلِیْمٌ بیہِ یمو لُکو اِنکار کور اللہ تعالیٰ سَندین آیاتن بالخصوص تس سیتِ ملاقات کرنس تہٕ تَس برونٛٹھ کنہِ اِستادہ سپدنس تِمے لُوک کیاہ سپدِن قیامتس دوہ میانہِ رحمتہ نِشہِ نااُمیّد ٹاٹھس دِلس گرٛھیک تسلّی کہ تِم چھِہ رحمتہ نِشہِ محرُوم بیہِ چھُو تِہندی خیطرٕ دگ تہٕ دودتلہ ڈِن عذاب فَمَا کَانَ جَوَابَ قَوْمِہٖٓ اِلَّآ اَنْ قَالُوا اقْتُلُوْہُ اَوْ حَرِّقُوْہُ فَاَنْجٰىہُ اللّٰہُ مِنَ النَّارِ حضرتِ ابراہیمہ سندِہ اَمہِ وعظ و نصیحتہ پتہٕ اوس نہ تِہندِہ قومُک جواب کینہہ تہٕ مگر ای زِہ پانہٕ وانِ لگِ تِم وننہٕ زِہ یہِ ماریُون یا زالیُون نارس منز۔ چنانچہ کرکھ تِہندِہ زالنکِ سامانہ تیار مگر اللہ تعالیٰ ان دُیت تِمن تِمہِ نارہ نِشہِ نجات اِنَّ فِیْ ذٰلِکَ لَاٰیٰتٍ لِّقَوْمٍ یُّؤْمِنُوْنَ پٔزِ یاٹھ اتھ واقعس منز چھِہ واریاہ دلیلہ مُتعدد لُکن ہندِہ خیطرٕ

مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ اَوْثَانًا ۙ مَّوَدَّةَ بَيْنِكُمْ فِي الْحَيٰوةِ
الدُّنْيَا ۚ ثُمَّ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ يَكْفُرُ بَعْضُكُمْ بِبَعْضٍ
وَّيَلْعَنُ بَعْضُكُمْ بَعْضًا ۫ وَّمَاْوٰىكُمُ النَّارُ وَمَا لَكُمْ
مِّنْ نّٰصِرِيْنَ ۝٢٥ فَاٰمَنَ لَهٗ لُوْطٌ ۘ وَقَالَ اِنِّيْ مُهَاجِرٌ
اِلٰى رَبِّيْ ۭ اِنَّهٗ هُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ۝٢٦ وَوَهَبْنَا لَهٗٓ اِسْحٰقَ
وَيَعْقُوْبَ وَجَعَلْنَا فِيْ ذُرِّيَّتِهِ النُّبُوَّةَ وَالْكِتٰبَ

---

اَمهِ واقعه سيتِ ڇھو ثابت سپد ان اللہ تعالیٰ سُند قادر آسُن۔ حضرت ابراهيمه سُند پيغمبر آسن۔ کُفر و شرکگ باطل آسُن بيه ڇھو خدايه سندہ قدرتگ نشانه تمن لوکن هند خيطرہ يم پڑھ كران ڇھهِ وَقَالَ اِنَّمَا اتَّخَذْتُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ اَوْثَانًا مَّوَدَّةَ بَيْنِكُمْ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا بيه فرمووا ابراهيم عليه السلام من پنه نِس قومس وعظس منزيه کتھ کهِ تُهه ڇھوہ خدايس وراَسي معبود بناوِمت بے جان پُوتل دُنياء چهِ زندگی اندر پانه وان محبّت قائم تھاونه خيطرہ يا اکھ اکسُند لحاظ قايم تھاونه خيطرہ۔ مگر بيهِ روزہ وہ دُنياء سی اَندر ثُمَّ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ يَكْفُرُ بَعْضُكُمْ بِبَعْضٍ وَّيَلْعَنُ بَعْضُكُمْ بَعْضًا تو پته کرِ وتُهه قيامتگ دوہ اکھ اکسنز مُخالفت ته اِنکار بيه کرِ واَڈِ اَڈين ووہُو ته لعنت وَّمَاْوٰىكُمُ النَّارُ وَمَا لَكُمْ مِّنْ نّٰصِرِيْنَ مگر تمهِ سيتِ اَندہ نه کينهه۔ هرگاہ ئے تُهه اَمهِ بُت پرستی نِشهِ پَتھ رُوزِو تُهنز جاے آسهِ نار جهنّم تُوهِ آسَن نه تتهِ کُنهِ قسمه مَددگار فَاٰمَنَ لَهٗ لُوْطٌ پُوت وعظ و نصيحت کرِ ت تهِ اُون نه ايمان تهند قومن۔ فقط اُون ايمان تال کرنه وِرای تهندِ باپه تھرن۔ لُوط عليه السلامن وَقَالَ اِنِّيْ مُهَاجِرٌ اِلٰى رَبِّيْ اِنَّهٗ هُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ يلهِ ابراهيم عليه السلام قومکه ايمان انه نِشه مايوس سپد۔ دوپُچھ ووَنِ تراوہ بو پنن وَطن۔ بو کرہ هجرت پنه نِس خدايس کُن۔ پُوت سُو وا تناو يم توت گژهه۔ بيشک سُو ڇھو زبردست ته حِکمته وول۔ سُو کرِ ميان حفاظت ته راڇھهِ۔ بيهِ کريم سُو اميگ پھل عطا وَوَهَبْنَا لَهٗٓ اِسْحٰقَ وَيَعْقُوْبَ اَمهِ هجرت ته پته کور اَسهِ تمن عطا فرزند اسماعيل عليه السلامس علاوہ اسحٰق عليه السلام بيهِ تُهند فرزند يعقوب

وَاٰتَيْنٰهُ اَجْرَهٗ فِی الدُّنْيَا ۚ وَاِنَّهٗ فِی الْاٰخِرَةِ لَمِنَ
الصّٰلِحِيْنَ ﴿۲۷﴾ وَلُوْطًا اِذْ قَالَ لِقَوْمِهٖۤ اِنَّكُمْ لَتَاْتُوْنَ
الْفَاحِشَةَ ۫ مَا سَبَقَكُمْ بِهَا مِنْ اَحَدٍ مِّنَ الْعٰلَمِيْنَ ﴿۲۸﴾
اَئِنَّكُمْ لَتَاْتُوْنَ الرِّجَالَ وَتَقْطَعُوْنَ السَّبِيْلَ ۙ۬ وَتَاْتُوْنَ
فِیْ نَادِيْكُمُ الْمُنْكَرَ ؕ فَمَا كَانَ جَوَابَ قَوْمِهٖۤ اِلَّاۤ اَنْ قَالُوا
ائْتِنَا بِعَذَابِ اللّٰهِ اِنْ كُنْتَ مِنَ الصّٰدِقِيْنَ ﴿۲۹﴾ قَالَ رَبِّ

---

علیہ السلام وَجَعَلْنَا فِیْ ذُرِّيَّتِهِ النُّبُوَّةَ وَالْكِتٰبَ بیہ تھوو اسہِ جاری تہندسی ذُریتس تہ
خاندانس اندر نبوت تہ کتابہ ۔ یعنے توریت، انجیل، زبور، تہ قرآن مجید۔ وَاٰتَيْنٰهُ اَجْرَهٗ فِی الدُّنْيَا
بیہ کُر اسہِ تمن مزور تہ ثواب عطا دُنیاء سی اندر وَاِنَّهٗ فِی الْاٰخِرَةِ لَمِنَ الصّٰلِحِيْنَ بیہ آسن تم
آخر تس اندر تہِ نیک بندو اندرہ وَلُوْطًا بیہ سوز اسہِ پیغمبر بناوت لوط علیہ السلام اِذْ قَالَ لِقَوْمِهٖۤ
اِنَّكُمْ لَتَاْتُوْنَ الْفَاحِشَةَ یلہِ تمو پنہ نِس قومس دوپ بیشک تُہہ چھِوہ سیٹھاہ سخت بچھ کوم کران
مَا سَبَقَكُمْ بِهَا مِنْ اَحَدٍ مِّنَ الْعٰلَمِيْنَ تُوہہ برونٹھ چھنہ یژھ بچھ کوم کُر مژ عالمہ کیو لُکو جنو تہ اِنسانو
اندرہ کانسہِ تہِ اَئِنَّكُمْ لَتَاْتُوْنَ الرِّجَالَ وَتَقْطَعُوْنَ السَّبِيْلَ وَتَاْتُوْنَ فِیْ نَادِيْكُمُ الْمُنْكَرَ کیاہ تُہہ
چھِوہ زنانہ تراوت مردن نِشہِ قوت شہوانی پورہ کرنہ خیطرہ نزدیک یوان۔ بیہ چھِوہ امہِ علاوہ وتہِ پکہ
ونین لُوٹان۔ بیہ چھِوہ پنہ نین مجلسن اندر بچھ کامہِ کران۔ شراب چوان۔ ستیارہ وایان۔ نغمہ تہ گیون
لاگان۔ فَمَا كَانَ جَوَابَ قَوْمِهٖۤ اِلَّاۤ اَنْ قَالُوا ائْتِنَا بِعَذَابِ اللّٰهِ اِنْ كُنْتَ مِنَ الصّٰدِقِيْنَ پس اوس
نہ کانہہ جواباہ تہندہ قومکہ طرفہ مگرای زِہ دوپک اَنو اسہِ پیٹھ خدایہ سُند عذاب چھُوے تُہہ بیہ ستھ ونہ نِس
اندر پوزونہ وینو اندرہ کہ خدا چھُو تمن کتھن پیٹھ بیزار۔ بیہ کیا چھِوہ تُہہ تہندہ طرفہ پیغمبر قَالَ رَبِّ
انْصُرْنِیْ عَلَی الْقَوْمِ الْمُفْسِدِيْنَ لوط علیہ السلامن کور دُعا اے میانہِ پروردگارہ مہِ کریاری تہ
مدد تمن مُفسد لوکن پیٹھ سوزہن عذاب، تمی سیتِ گالکھ۔ تو پتہ کور اللہ تعالیٰ ان تُہندِ دُعا قبول کرنہ پتہ

انْصُرْنِيْ عَلَى الْقَوْمِ الْمُفْسِدِيْنَ ﴿٣٠﴾ وَلَمَّا جَآءَتْ رُسُلُنَآ
اِبْرٰهِيْمَ بِالْبُشْرٰى ۙ قَالُوْٓا اِنَّا مُهْلِكُوْٓا اَهْلِ هٰذِهِ
الْقَرْيَةِ ۚ اِنَّ اَهْلَهَا كَانُوْا ظٰلِمِيْنَ ﴿٣١﴾ قَالَ اِنَّ فِيْهَا
لُوْطًا ۭ قَالُوْا نَحْنُ اَعْلَمُ بِمَنْ فِيْهَا ڵ لَنُنَجِّيَنَّهٗ وَاَهْلَهٗٓ
اِلَّا امْرَاَتَهٗ ڭ كَانَتْ مِنَ الْغٰبِرِيْنَ ﴿٣٢﴾ وَلَمَّآ اَنْ جَآءَتْ
رُسُلُنَا لُوْطًا سِيْٓءَ بِهِمْ وَضَاقَ بِهِمْ ذَرْعًا وَّقَالُوْا

---

عذابِ خبر دنہ خیطرہ ملایک مقرر۔ تمن ملائکن تھاون بیاکھ کام تہِ مٹہِ کہ ابراہیم علیہ السلامس فرماوِ وُٹھہ بشارت اسحٰق علیہ السلامہ سندہ تولدّ سپدِ چِ۔ وَلَمَّا جَآءَتْ رُسُلُنَآ اِبْرٰهِيْمَ بِالْبُشْرٰى چنانچہ توپتہ یلہِ آئے تمِ ملک یمِ اَسہِ سوُ زِمتِ آسِ، ابراہیم علیہ السلامس گن فرزندہ سنز بشارت و خوشخبری ہیتھ۔ قَالُوْٓا اِنَّا مُهْلِكُوْٓا اَهْلِ هٰذِهِ الْقَرْيَةِ اِنَّ اَهْلَهَا كَانُوْا ظٰلِمِيْنَ کُتھن اندروَنِ تمو یہِ کتھ تہِ تمن کہ بیشک اَس چھہِ ہلاک کروَن یمہِ شہرک لوکھ (شہر سدومک) کیازِہ امہِ شہرِک یمِ لوکھ چھہِ سخت ظالمِ تہ شریر قَالَ اِنَّ فِيْهَا لُوْطًا ابراہیم علیہ السلامن دوپُکھ اتھ شہرس منزِ ے میون باپہ تھر لوط علیہ السلام چھو قَالُوْا نَحْنُ اَعْلَمُ بِمَنْ فِيْهَا تمو ملکو دوپُکھ اَسہِ چھہ پُور خبر تہنز یُس تتھ منز چھو لَنُنَجِّيَنَّهٗ وَاَهْلَهٗٓ اِلَّا امْرَاَتَهٗ كَانَتْ مِنَ الْغٰبِرِيْنَ اَسِ بچاووکھ ضرور تمِ بیہِ تُھند اہل و عیال تہنزہ آشنہِ وراَی۔ سُو آسہِ ہتِ رُوزِت عذابس گرفتار سپدہ ونیو آندرہ وَلَمَّآ اَنْ جَآءَتْ رُسُلُنَا لُوْطًا سِيْٓءَ بِهِمْ وَضَاقَ بِهِمْ ذَرْعًا ادہ یلہِ سانِ سوزنہ آمتِ ملک واتِ لوط علیہ السلامس نشہِ تمِ سپدِ تہندِہ اَنہ سیتِ ناخوش تہ دِل تنگ۔ کیازِہ تمِ ملک آسِ سیٹھاہ خُوبصورت لوکٹین ہنزہ شکلہِ۔ تمن ملکن یلہ معلوم سپُد کہ یمِ سپدِ سانہ پنہ سببہ تہِ سخت پریشان وَقَالُوْا لَا تَخَفْ وَلَا تَحْزَنْ اِنَّا

لَا تَخَفْ وَلَا تَحْزَنْ ۚ إِنَّا مُنَجُّوكَ وَأَهْلَكَ إِلَّا
امْرَأَتَكَ كَانَتْ مِنَ الْغَابِرِينَ ﴿٣٣﴾ إِنَّا مُنْزِلُونَ عَلَىٰ أَهْلِ
هَٰذِهِ الْقَرْيَةِ رِجْزًا مِنَ السَّمَاءِ بِمَا كَانُوا يَفْسُقُونَ ﴿٣٤﴾
وَلَقَدْ تَرَكْنَا مِنْهَا آيَةً بَيِّنَةً لِقَوْمٍ يَعْقِلُونَ ﴿٣٥﴾ وَإِلَىٰ
مَدْيَنَ أَخَاهُمْ شُعَيْبًا فَقَالَ يَا قَوْمِ اعْبُدُوا اللَّهَ وَ
ارْجُوا الْيَوْمَ الْآخِرَ وَلَا تَعْثَوْا فِي الْأَرْضِ مُفْسِدِينَ ﴿٣٦﴾

---

مُنَجُّوكَ وَأَهْلَكَ إِلَّا امْرَأَتَكَ كَانَتْ مِنَ الْغَابِرِينَ تمو ملکو دُوپہک تُہہ مہ ہز کھو ژو۔ تُہہ مہ بڑِ وکانہہ غم۔ اَسِ چھِنہ انسان۔ اَسِ چھِ عذابک ملک۔ اَسہِ چھِ ہلاک کرن یمہِ شہرک لوکھ اَسِ بچاووہ تُہہ تہ تُہند عیال تمہِ عذابہ نِشہِ تُہنزِہ آشنہِ وراکی۔ سُہو آسہِ تتِ رُوزِت عذابس گرفتار سپدہ وینوآندرہ إِنَّا مُنْزِلُونَ عَلَىٰ أَهْلِ هَٰذِهِ الْقَرْيَةِ رِجْزًا مِنَ السَّمَاءِ بِمَا كَانُوا يَفْسُقُونَ اَسِ چھِ آسمانکہِ طرفہ یمہِ شہرہ کین لوکن پیٹھ عذاب نازِل کرہ ون۔ تمن پیچھ کامین ہُند سزا یمہِ تم کران آسِ۔ تو پتہ کور اَسہِ تتھ شہرس تُلک پیٹھ۔ پیٹھ تراو کیھ اَسہِ تتھ رُودک پاٹھ۔ وَلَقَدْ تَرَكْنَا مِنْهَا آيَةً بَيِّنَةً لِقَوْمٍ يَعْقِلُونَ پتہ پاٹھ تھاوِ اَسہِ تمہِ شہرک کینہہ نتہ نِشانہ باقی تمن لوکن ہندِ عبرت تہ خیطرہ یمہِ گاٹل آسِ۔ چنانچہ مکک لوکھ آسِ شہر شامہ کس سفرس اَندر راوہ ونِ تہ گژھہ وَنِ تمن ویران گامن شہرن وُچھان۔ تمن اندر یم عقلہ والِ آسِ تم آسِ یہِ وچھتِ نصیب کھیوان۔ کھوژت آسِ ایمان انان۔ وَإِلَىٰ مَدْيَنَ
أَخَاهُمْ شُعَيْبًا فَقَالَ يَا قَوْمِ اعْبُدُوا اللَّهَ وَارْجُوا الْيَوْمَ الْآخِرَ وَلَا تَعْثَوْا فِي الْأَرْضِ مُفْسِدِينَ
بیہِ سُوز اَسہِ مدینہ کین لوکن گن بُوی تُہند شعیب علیہ السلام پیغمبر۔ پُس دوپک تموای میانہِ قومہ عبادت تہ پرستش کرِو معبُودِ برحقّہ سنز تہ شرکہ نِشہِ رُوزِو پتھ۔ بیہِ کھو ژِو قیامتہ کس دوہس۔ بیہِ مہ پھیلاوِو میِنس منز تباہی۔ حقوق اللہ تہ حقوق العباد مہ کرِو ضایع۔ کُفر و شرکہ نِشہِ کم تولنہ نِشہِ، کم مینہ نِشہِ رُوزِو پتھ۔ فَكَذَّبُوهُ فَأَخَذَتْهُمُ الرَّجْفَةُ فَأَصْبَحُوا فِي دَارِهِمْ جَاثِمِينَ پُس زون تمو

فَكَذَّبُوْهُ فَاَخَذَتْهُمُ الرَّجْفَةُ فَاَصْبَحُوْا فِيْ دَارِهِمْ
جٰثِمِيْنَ ﴿٣٧﴾ وَعَادًا وَّثَمُوْدَاۡ وَقَدْ تَّبَيَّنَ لَكُمْ مِّنْ مَّسٰكِنِهِمْ
وَزَيَّنَ لَهُمُ الشَّيْطٰنُ اَعْمَالَهُمْ فَصَدَّهُمْ عَنِ السَّبِيْلِ
وَكَانُوْا مُسْتَبْصِرِيْنَ ﴿٣٨﴾ وَقَارُوْنَ وَفِرْعَوْنَ وَهَامٰنَ وَلَقَدْ
جَآءَهُمْ مُّوْسٰى بِالْبَيِّنٰتِ فَاسْتَكْبَرُوْا فِي الْاَرْضِ وَمَا كَانُوْا
سٰبِقِيْنَ ﴿٣٩﴾ فَكُلًّا اَخَذْنَا بِذَنْۢبِهٖ فَمِنْهُمْ مَّنْ اَرْسَلْنَا عَلَيْهِ
حَاصِبًا وَمِنْهُمْ مَّنْ اَخَذَتْهُ الصَّيْحَةُ وَمِنْهُمْ مَّنْ خَسَفْنَا

شعيب عليه السلام اڳ يور۔ ٻيهر رُوڙهه تم نافرمانيءَ ۾ پئجي۔ اُده رٽ تم سخت ٻنل۔ پس آسِ تم صبحس
پنه نين گرِن منز ٻٺهِ ڪن پيٺهه مُومتِ۔ وَعَادًا وَّثَمُوْدَاۡ وَقَدْ تَّبَيَّنَ لَكُمْ مِّنْ مَّسٰكِنِهِمْ ٻيهِ گالِ اَسهِ قوم
عاد ته قوم ثمود۔ پتهٕ ياٹِ توههِ آسهِ واره نظرِ ٻوان اي مڪه ڪيوٚ لوکو تهنديو ڇُرِ وته منهدم گامڙ ولريو جايهٕ
منزه۔ يلهِ تهِ ملک شامس ڳن سفر كران ڇهِ وه تهنده تباهي ٻند حال۔ وَزَيَّنَ لَهُمُ الشَّيْطٰنُ اَعْمَالَهُمْ
فَصَدَّهُمْ عَنِ السَّبِيْلِ وَكَانُوْا مُسْتَبْصِرِيْنَ تهنز حالت آس يهَے که شيطانن اوس تهنزن ڪٺهه ڪامين
زينت دُيو تمت۔ ورنه آسِ تم هُشيار۔ مجنون ته بے عقل آسِ نه۔ مگر تمو ٻنهٔ نه پننهِ عقلهِ کام وَقَارُوْنَ
وَفِرْعَوْنَ وَهَامٰنَ ٻيهِ گول اَسهِ قارون فرعون ته هامان تهندِ ه ڪُفر ته نافرماني سبب وَلَقَدْ جَآءَهُمْ مُّوْسٰى
بِالْبَيِّنٰتِ فَاسْتَكْبَرُوْا فِي الْاَرْضِ وَمَا كَانُوْا سٰبِقِيْنَ حالانکه تمن تر شون نشهِ آيو موسیٰ عليه السلام
نه دليله هيٺهه مگر تمو کر سرڪشي زمينس اندر تو پته هيڪنه تم سانه عذابه نشهِ ژلت فَكُلًّا اَخَذْنَا بِذَنْۢبِهٖ
فَمِنْهُمْ مَّنْ اَرْسَلْنَا عَلَيْهِ حَاصِبًا وَمِنْهُمْ مَّنْ اَخَذَتْهُ الصَّيْحَةُ وَمِنْهُمْ مَّنْ خَسَفْنَا بِهِ الْاَرْضَ وَمِنْهُمْ
مَّنْ اَغْرَقْنَا اَسهِ کور تمو پانژوَندِ ره پريٺهه اڪهاه گرفتار پننه پننهِ جُرمڪه عذابه سيتِ۔ چنانچه تمو اندره
بعضين پيٺهه سُوز اَسهِ تيز واو۔ تمهِ اَندره ڇهوُ مُراد قوم عاد۔ بعضے رٽ خوفناک کريکه تمو اَندره ڇهوُ مُراد

بِهِ الْأَرْضَ ۚ وَمِنْهُم مَّنْ أَغْرَقْنَا ۚ وَمَا كَانَ اللَّهُ لِيَظْلِمَهُمْ
وَلَٰكِن كَانُوا أَنفُسَهُمْ يَظْلِمُونَ ﴿٤٠﴾ مَثَلُ الَّذِينَ اتَّخَذُوا
مِن دُونِ اللَّهِ أَوْلِيَاءَ كَمَثَلِ الْعَنكَبُوتِ اتَّخَذَتْ بَيْتًا ۖ وَ
إِنَّ أَوْهَنَ الْبُيُوتِ لَبَيْتُ الْعَنكَبُوتِ ۖ لَوْ كَانُوا يَعْلَمُونَ ﴿٤١﴾
إِنَّ اللَّهَ يَعْلَمُ مَا يَدْعُونَ مِن دُونِهِ مِن شَيْءٍ ۚ وَهُوَ
الْعَزِيزُ الْحَكِيمُ ﴿٤٢﴾ وَتِلْكَ الْأَمْثَالُ نَضْرِبُهَا لِلنَّاسِ ۖ وَمَا

---

قومِ ثمود۔ بعضے نی اَسہِ والِت زمینس تل تمہِ اَندرہ چھُو مُراد قارُون۔ بعضے پھاٹُو اَسہِ دریاءس منز تمہِ اندرہ چھُو مُراد فرعون تہٕ ہامان وَمَا كَانَ اللَّهُ لِيَظْلِمَهُمْ وَلَٰكِن كَانُوا أَنفُسَهُمْ يَظْلِمُونَ اللہ تعالیٰ اوس نہٕ تِتھ کہِ سُو کیا گرِہا تمن پیٹھ ظلم مگر تمہِ آسِ شرارت تہٕ فساد کرنہٕ سیت پانِ پانَس ظلم کران مَثَلُ الَّذِينَ اتَّخَذُوا مِن دُونِ اللَّهِ أَوْلِيَاءَ كَمَثَلِ الْعَنكَبُوتِ اتَّخَذَتْ بَيْتًا مِثال تمن لوکن ہنز چھہٕ یمو خدایَس ورائے بیٚیہ مخلوق زانِ پنٕنِ دوست تہٕ مددگار اَکِس زٲلِر سنز مِثال یُس پنٕنہٕ خیالہ اَکھ گراہ چھُو بناوان وَإِنَّ أَوْهَنَ الْبُيُوتِ لَبَيْتُ الْعَنكَبُوتِ حالانکہِ یتھ گٕھرِ منز چھُونہٕ شکِھ کہِ سارِوی گرِو اَندرہ چھُو سُست تہٕ ضعیف گرِہ زٲلِر سُند گرِہ۔ یتھہِ پاٹھِ زٲلِر چھُو پنٕنہِ خیالہ پناہِچ جاے پٔنٕن زال تیار کران یُس نہٕ حقیقتس اندر کانہہ پناہ ہیکان چھُو دِت۔ یتھے پاٹھِ چھہِ مُشرِک معبُودان باطلن پنٕنہِ خیالہ پنٕنہِ پناہِچ جاے زانان واقعس تہٕ حقیقتس منز چھِنہٕ تِم کُنہی لَوْ كَانُوا يَعْلَمُونَ ہرگاہِ تِم حقیقت حال زانہٕ ہَن تیلہِ کرِہَن نہٕ شِرکِچ کامہِ إِنَّ اللَّهَ يَعْلَمُ مَا يَدْعُونَ مِن دُونِهِ مِن شَيْءٍ پٔزِ پاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُو زانان تِمن سارنی چیزن ہندِہ ضعف و سُستی ہنز حقیقت یِمن ہنز پرستش کران چھِہ تِم معبُودِ برحقّس وَرائے وَهُوَ الْعَزِيزُ الْحَكِيمُ سُو چھُو پانہٕ سارِسی پیٹھ غالِب۔ سُو چھُو سیٹھاہ حکمتہٕ وول۔ وَتِلْكَ الْأَمْثَالُ نَضْرِبُهَا لِلنَّاسِ چونکہِ اَسِ چھہِ سارنی چیزن ہنز حقیقت پُور زانان۔ لہٰذا چھہِ اَسِ مِثالہ بیان کران لوکن فکرِہ تارنہٕ خٲطرِہ وَمَا يَعْقِلُهَا إِلَّا الْعَالِمُونَ یمہِ مِثالہ تٔرن نہٕ فکرِہ مگر عالِمی خَلَقَ اللَّهُ

يَعْقِلُهَآ اِلَّا الْعٰلِمُوْنَ ﴿٤٣﴾ خَلَقَ اللّٰهُ السَّمٰوٰتِ وَ
الْاَرْضَ بِالْحَقِّ ؕ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيَةً لِّلْمُؤْمِنِيْنَ ﴿٤٤﴾ ع
اُتْلُ مَآ اُوْحِيَ اِلَيْكَ مِنَ الْكِتٰبِ وَاَقِمِ الصَّلٰوةَ ؕ
اِنَّ الصَّلٰوةَ تَنْهٰى عَنِ الْفَحْشَآءِ وَالْمُنْكَرِ ؕ وَلَذِكْرُ اللّٰهِ اَكْبَرُ ؕ
وَاللّٰهُ يَعْلَمُ مَا تَصْنَعُوْنَ ﴿٤٥﴾ وَلَا تُجَادِلُوْٓا اَهْلَ الْكِتٰبِ اِلَّا
بِالَّتِيْ هِيَ اَحْسَنُ ۙ اِلَّا الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مِنْهُمْ وَقُوْلُوْٓا اٰمَنَّا

---

السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ الله تعالیٰ اُن کور آسمان و زمین پیدہ اکہ صحیح مصلحتہ خیطرہ ءمیگ تمین اقرار چھو اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيَةً لِّلْمُؤْمِنِيْنَ بیشک اَتھ منز چھہ مجہِ دلیلہ باایمانن ہندِہ خیطرہ تہندِس معبودِ برحق تہ مستحق عِبادت آسنس پیٹھ۔ اُتْلُ مَآ اُوْحِيَ اِلَيْكَ مِنَ الْكِتٰبِ وَاَقِمِ الصَّلٰوةَ اے پیغمبر چونکہ تُہہ چھوہ پیغمبر برحق لہذا پَرٕ وُتھے سو کتاب یوسہ توہہِ کن وحیہ پاٹھے سوزنہ آیہ۔ بیہِ تھاوِو نماز برپا۔ یتھ سیٔ لوکھ تہنز متابعت کٔرِ تھ پابندی سان نماز برپا تھاون یعنے قولی تبلیغ تہ کٔرِو قرآن مجید پرنہ سیت، فعلی تبلیغ تہ کٔرِو نماز پرنہ سیتے۔ دیٛنچہ کامہِ ہاوِیُو کھ پانہ تمہ کامہ کٔرِ تھ اِنَّ الصَّلٰوةَ تَنْهٰى عَنِ الْفَحْشَآءِ وَالْمُنْكَرِ بے شک نماز چھہ پتھ رٹان بیچھ کامیو تہ ناجائز حرکتو نشہِ۔ یعنی بزبان حال چھہ نماز وَنان کہ یُس معبودِ برحقہ سُند یُوت تعظیم ژہ پھُک کران، تسندِہ خیطرہ پھِچہ ژہ یُون نمان تہ کلہ زمینس پٹھ تھاوان بیچھ کامہ کرنہ سیتے تسنز بے تعظیمی کرن چھہ سیٹھاہ نازیبا تہ ناروا یتھ پاٹھے یمہ رژہ کامہ نماز وراٴے چھہِ تمہِ گیہ یادِ خدا کرُن تمن پٹھ تہ گژھہ پابندی کرن وَلَذِكْرُ اللّٰهِ اَكْبَرُ بیہ چھہِ خدایہِ سند یاد سیٹھاہ بوڈ چیز اہ فضیلت وول چیز اہ لہذا گژھہ تتھ پٹھ تہ پابندی کرٕن وَاللّٰهُ يَعْلَمُ مَا تَصْنَعُوْنَ الله تعالیٰ چھہ زانان تہ سوروی یہ توہ کران چھوہ لہذا اَژھہ کوم کریو تژھہ لبیو مزور، خیر کریو تہ خیری، بیچھ کریو تہ تیچھے۔ وَلَا تُجَادِلُوْٓا اَهْلَ الْكِتٰبِ اِلَّا بِالَّتِيْ هِيَ اَحْسَنُ بیہِ مہ آسِوا ے مسلمانو بحث کران اہلِ کتابن سیتے، مگر رتہِ طریقہ تہذیبہ سان۔ اِلَّا الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مِنْهُمْ مگر نہ

بِالَّذِيْٓ اُنْزِلَ اِلَيْنَا وَاُنْزِلَ اِلَيْكُمْ وَاِلٰهُنَا وَاِلٰهُكُمْ وَاحِدٌ

وَّنَحْنُ لَهٗ مُسْلِمُوْنَ ﴿٤٦﴾ وَكَذٰلِكَ اَنْزَلْنَآ اِلَيْكَ الْكِتٰبَ ۭ فَالَّذِيْنَ

اٰتَيْنٰهُمُ الْكِتٰبَ يُؤْمِنُوْنَ بِهٖ ۚ وَمِنْ هٰٓؤُلَاۗءِ مَنْ يُّؤْمِنُ بِهٖ ۭ وَ

مَا يَجْحَدُ بِاٰيٰتِنَآ اِلَّا الْكٰفِرُوْنَ ﴿٤٧﴾ وَمَا كُنْتَ تَتْلُوْا مِنْ قَبْلِهٖ

مِنْ كِتٰبٍ وَّلَا تَخُطُّهٗ بِيَمِيْنِكَ اِذًا لَّارْتَابَ الْمُبْطِلُوْنَ ﴿٤٨﴾

بَلْ هُوَ اٰيٰتٌۢ بَيِّنٰتٌ فِيْ صُدُوْرِ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْعِلْمَ ۭ وَمَا يَجْحَدُ

---

تمن سيتي يم تموا اندره ظلم ته زيادتي ڪرن. تمن وڻو جواب ٿيڻ شو ٻيڪ ته تيئُه. تته ڇهنه ڪانهه حرج وَقُوْلُوْٓا اٰمَنَّا بِالَّذِيْٓ اُنْزِلَ اِلَيْنَا وَاُنْزِلَ اِلَيْكُمْ وَاِلٰهُنَا وَاِلٰهُكُمْ وَاحِدٌ سُهه مُهذّب طريقه گوئُو هي ڪه تُهي آسو تمن ونان ڪه اسهِ ڪُر پڙه تته ڪتابه يُوه سه اَسهِ ڳن نازِل آيه ڪرنه بيه تته ڪتابه يُوسه توهه ڳن نازل آيه ڪرنه بيه ڇهُوه تُهي ته يه ڪته تسليم ڪران ڪه سُون معبُود ته تُهند معبُود ڇهه ڪني. وَنَحْنُ لَهٗ مُسْلِمُوْنَ اس ڇهه تُهندي فرمانبردار. تهندي حُڪمس گردن دارن. ڪيازه ايمانڪ دارومدار ڇهه تمه ڪتابه هنده خدايه سنده طرفه منزّل آسنس پيٺه. سانه ڪتابه هند منزّل من الله آسُن ڇهه ثابت تُهنزه ڪتابه سيتي ته. لهذا پزه توههِ قرآن مجيدس ايمان اَن ته پڙه ڪرِن وَكَذٰلِكَ اَنْزَلْنَآ اِلَيْكَ الْكِتٰبَ تتهي پاٹھ ڪرُاسهِ توهه پيٺه نازل يه ڪتاب يا رسول الله يته پاٹھي برو تهين پيغمبرن پيٺه اسهِ ڪتابه نازل ڪرِه فَالَّذِيْنَ اٰتَيْنٰهُمُ الْكِتٰبَ يُؤْمِنُوْنَ بِهٖ پس يمن لوڪن اَسهِ توه هه برونٹھ ڪتاب عطا ڪرِتم ڇهه اُته تهنزه ڪتابه پَڙه ڪران وَمِنْ هٰٓؤُلَاۗءِ مَنْ يُّؤْمِنُ بِهٖ تمومڪه ڪيو لوڪو اندره ته ڇهه ڪينهه مُنصف مزاج تته ڪتابه پڙهه ڪران وَمَا يَجْحَدُ بِاٰيٰتِنَآ اِلَّا الْكٰفِرُوْنَ دلائل واضح سپدنه پته ڇهنه اِنڪار ڪران سانين آياتن مگر ضدي ڪافر وَمَا كُنْتَ تَتْلُوْا مِنْ قَبْلِهٖ مِنْ كِتٰبٍ وَّلَا تَخُطُّهٗ بِيَمِيْنِكَ اِذًا لَّارْتَابَ الْمُبْطِلُوْنَ تُهه آسوه نه يمه ڪتابه برونٹھ ڪانهه ڪتاباه پرِ ته هيڪان نه آسوه تُهه سُو ڪتاب ليکه هيڪان پننه اَته سيتي. هرگاه ته آسهِ هاتيله وَرِش آس ضرور شڪ ته شُبه ڪرنچ گنجائش دُشمن بَلْ هُوَ اٰيٰتٌۢ بَيِّنٰتٌ فِيْ صُدُوْرِ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْعِلْمَ وَمَا

بِاٰیٰتِنَاۤ اِلَّا الظّٰلِمُوْنَ ﴿۴۹﴾ وَقَالُوْا لَوْلَاۤ اُنْزِلَ عَلَیْهِ اٰیٰتٌ مِّنْ رَّبِّهٖ ؕ قُلْ
اِنَّمَا الْاٰیٰتُ عِنْدَ اللّٰهِ ؕ وَاِنَّمَاۤ اَنَا نَذِیْرٌ مُّبِیْنٌ ﴿۵۰﴾ اَوَلَمْ یَكْفِهِمْ اَنَّاۤ اَنْزَلْنَا
عَلَیْكَ الْكِتٰبَ یُتْلٰی عَلَیْهِمْ ؕ اِنَّ فِیْ ذٰلِكَ لَرَحْمَةً وَّ ذِكْرٰی لِقَوْمٍ
یُّؤْمِنُوْنَ ﴿۵۱﴾ قُلْ كَفٰی بِاللّٰهِ بَیْنِیْ وَبَیْنَكُمْ شَهِیْدًا ۚ یَعْلَمُ مَا فِی السَّمٰوٰتِ
وَالْاَرْضِ ؕ وَالَّذِیْنَ اٰمَنُوْا بِالْبَاطِلِ وَكَفَرُوْا بِاللّٰهِ ۙ اُولٰٓئِكَ هُمُ الْخٰسِرُوْنَ ﴿۵۲﴾

---

یَجْحَدُ بِاٰیٰتِنَاۤ اِلَّا الظّٰلِمُوْنَ بلکہ چھہ یہ کتاب بذاتِ خود باوجود یکہ یہ چھہ کُنی کتاب چونکہ امیک پریتھ حصاہ چھہ معجزہ تمیہ اعتبارہ چھہ یہ کتاب واریاہ واضح دلیلہ تمن لوکن ہندین دلن اندر، یمن علم عطا آو کرنہ، مگر باوجود ظہورِ اعجاز چھِہ یمن سانین آیاتن تہ دلیلن انکار کران مگر ضدی لوکھ وَقَالُوْا لَوْلَاۤ اُنْزِلَ عَلَیْهِ اٰیٰتٌ مِّنْ رَّبِّهٖ بیہ چھِہ یم لوکھ باوجود اینکہ قرآن مجید چھہ بوڈ معجزہ فرمان محض عنادہ کن کہ تمس پیغمبرس پیٹھ کونہ آی نازل کرنہ تہندس پروردگارہ سندہ طرفہ تم معجزہ یمن ہنز اس فرمایش چھِہ کران قُلْ اِنَّمَا الْاٰیٰتُ عِنْدَ اللّٰهِ وَاِنَّمَاۤ اَنَا نَذِیْرٌ مُّبِیْنٌ تُہہ فرماوِیُو کھ یا رسول اللہ معجزہ چھُنہ مگر خدائس اتھ، تہندِ سی اختیارس منز، بو چھُس نہ مگر ِن پاٹھ خدایہ سندِہ عذابہ نشہ بیم کرہ ون۔ یعنی بہ چھُس پیغمبر، پنہ نِس پیغمبر آسنس پیٹھ چھِہ مےِ نشہِ واریاہ دلیلہ۔ بڈ دلیل چھہ یہ قرآنِ مجید اَوَلَمْ یَكْفِهِمْ اَنَّاۤ اَنْزَلْنَا عَلَیْكَ الْكِتٰبَ یُتْلٰی عَلَیْهِمْ کیاہ تُہندہ خاطرہ چھنا کافی یہ یُوڈ معجزہ کہ اسہ کرنازِل توہہ پیٹھہ یہ بڈ کتاب یُوسہ تمن پیٹھ پرنہ چھہ یوان۔ اَمہ خوتہ کُہہ بوڈ معجزہ چھِہ تیم ژھانڈان اِنَّ فِیْ ذٰلِكَ لَرَحْمَةً وَّ ذِكْرٰی لِقَوْمٍ یُّؤْمِنُوْنَ پزپاٹھ اتھ کتابہ منز چھہ بڈ رحمت بیہ یُوڈ وعظ باایمان لوکن ہندہ خاطرہ بڈ رحمت گیہ اَتھ منز چھہ احکامن ہنز تعلیم، ییتھ منز نفعی نفع چھہ بڈ نصیحت گیہ اَتھ منز چھہ تو ترغیب وترہیب یہ کتھہ چھنہ بین معجزن منز یمن پزہ بایہ غنیمت زانتھ ایمان اَنُن تہ پڑھہ کرن۔ ہر گاوون ثُوتہِ یم ایمان اَنن نہ قُلْ كَفٰی بِاللّٰهِ بَیْنِیْ وَبَیْنَكُمْ شَهِیْدًا تُہہ فرماوِیُو کھ تیلہ یا رسول اللہ آخری جواب۔ ادہ سانتہ مانِ تو میون اللہ تعالیٰ چھہ بس گواہ۔ میہ منز تہ تُوہہِ منز میانس پیغمبر آسنس پیٹھ یَعْلَمُ مَا فِی السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ سُہ چھہ

وَيَسْتَعْجِلُوْنَكَ بِالْعَذَابِ ۭ وَلَوْلَآ اَجَلٌ مُّسَمًّى لَّجَاۗءَهُمُ الْعَذَابُ ۭ
وَلَيَاْتِيَنَّهُمْ بَغْتَةً وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ ۵۳ يَسْتَعْجِلُوْنَكَ بِالْعَذَابِ ۭ وَ
اِنَّ جَهَنَّمَ لَمُحِيْطَةٌۢ بِالْكٰفِرِيْنَ ۵۴ يَوْمَ يَغْشٰىهُمُ الْعَذَابُ مِنْ
فَوْقِهِمْ وَمِنْ تَحْتِ اَرْجُلِهِمْ وَيَقُوْلُ ذُوْقُوْا مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ۵۵
يٰعِبَادِيَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِنَّ اَرْضِيْ وَاسِعَةٌ فَاِيَّايَ فَاعْبُدُوْنِ ۵۶

---

زانان تہِ سُوروی یہ آسمانن تہ زمین منز چھ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بِالْبَاطِلِ وَكَفَرُوْا بِاللّٰهِ اُولٰۗىِٕكَ هُمُ الْخٰسِرُوْنَ یم لوکھ ایژن تھن پیٹھ یقین چھِ کران معبودانِ باطلن چھ پژھ کران معبودِ برحقہ سنزن تھن چھِ انکار کران تمے لُوکھ چھِ تاوان زد وَيَسْتَعْجِلُوْنَكَ بِالْعَذَابِ بیہ چھِ تِم کافر لوکھ توہہ عذاب جلد واقع سپد نگ مُطالبہ کران تہ عذاب نہ ینہ مُوکھ تُھند س نبُوتس پیٹھ شک تہ شُبہ کران وَلَوْلَآ اَجَلٌ مُّسَمًّى لَّجَاۗءَهُمُ الْعَذَابُ وَلَيَاْتِيَنَّهُمْ بَغْتَةً وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ ہر گاہ نے عذابہ خاطرہ وقت مقرر کرنہ آسِہ ہا آمُت یمن آسہ ہا عذاب ڈیٹھ کنہِ ژو تمت سہ عذاب پیہ واتھ تمن ہنگہ تہ منگہ تتھے پاٹھ کہ تِم ژینہ نے نہ تمیک مُن يَسْتَعْجِلُوْنَكَ بِالْعَذَابِ وَاِنَّ جَهَنَّمَ لَمُحِيْطَةٌۢ بِالْكٰفِرِيْنَ یم چھ توہہ نِشہِ عذاب جلدینک مُطالبہ کران حالانکہ عذابک گرہ نار جہنم چھ تمن کافرن پریتھ طرفہ اِحاطہ کرِ تھ سُہ رَٹِہ تمن کُنہ نتہ کُنہِ ساتہ يَوْمَ يَغْشٰىهُمُ الْعَذَابُ مِنْ فَوْقِهِمْ وَمِنْ تَحْتِ اَرْجُلِهِمْ وَيَقُوْلُ ذُوْقُوْا مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ یمہ دوہہ عذاب تمن ولہِ ہیرہ بُونہ کلو پیٹھ کنے تہِ کھوہ رَوِبُو نے گئے تہ فرماویکھ اللہ تعالیٰ اے کافروژ ہو تمن تیژھ کامین ہند مزہ یمہ تُھے دنیاء س اندر کران اسوہ يٰعِبَادِيَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِنَّ اَرْضِيْ وَاسِعَةٌ فَاِيَّايَ فَاعْبُدُوْنِ ای میانیو باایمان بندو، بیلہ تِم کافر لُوکھ توہہ دِینِ حق اختیار کرنہ خیطرہ بیہ احکامِ شریعت بجاانہ خاطرہ اِیذا چھ دِوان۔ یژے پاٹھے مُیون زمین چھ کشادہ تہ کھول۔ ہر گاہ یتہ روز تھ تُہہ عبادت چھوہ نہ ہیکان کر تھ رشتہ داران تہ دُوستن تہ وِچھ مفارقت دشوار سپدہ سُو مفارقت چھ اکہ نتہ اکہ دُوہہ سپدہ وَنے یکیازہ۔

كُلُّ نَفْسٍ ذَآئِقَةُ الْمَوْتِ ثُمَّ إِلَيْنَا تُرْجَعُونَ ۝٥٧ وَالَّذِينَ آمَنُوا
وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ لَنُبَوِّئَنَّهُم مِّنَ الْجَنَّةِ غُرَفًا تَجْرِي مِن
تَحْتِهَا الْأَنْهَارُ خَالِدِينَ فِيهَا نِعْمَ أَجْرُ الْعَامِلِينَ ۝٥٨ الَّذِينَ
صَبَرُوا وَعَلَىٰ رَبِّهِمْ يَتَوَكَّلُونَ ۝٥٩ وَكَأَيِّن مِّن دَآبَّةٍ لَّا تَحْمِلُ
رِزْقَهَا اللَّهُ يَرْزُقُهَا وَإِيَّاكُمْ وَهُوَ السَّمِيعُ الْعَلِيمُ ۝٦٠ وَلَئِن

---

كُلُّ نَفْسٍ ذَآئِقَةُ الْمَوْتِ پرتھ شخص چھ اکہ نتہ اکہ دوہہ مرہ نک مزہ ضرور ژھن تمہِ ساتہ گژھہ بہرحال جدائی ثُمَّ إِلَيْنَا تُرْجَعُونَ تو پتہ چھوہ توہہ سارنے اسی نشہِ واتُن نافرمان آستھ اسہِ نشہِ واتنس چھوہ سزا کھینک خطرہ۔ ہرگاہ یہ ترکِ وطن سانہِ رضامندی خاطرہ کرو تتھ منز سپدیو تُہہ سانس وعدس مُستحق تہ سزاوار۔ سہ وعدہ گو یُو ہے کہ وَالَّذِينَ آمَنُوا وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ لَنُبَوِّئَنَّهُم مِّنَ الْجَنَّةِ غُرَفًا تَجْرِي مِن تَحْتِهَا الْأَنْهَارُ خَالِدِينَ فِيهَا نِعْمَ أَجْرُ الْعَامِلِينَ یمو لوکو ایمان اون بیہ کرکھ رژہ عملہ رژو عملو اندرہ گو ترکِ وطن کرن کفر کہ شہرہ نشہ ہجرت کرن تمن دِمواس جای جنتہ کین بالاخانن اندر، یمو تل جوٗیہ پکان آسن تمی جنتن اندر روزن تم ہمیشہ۔ کیاہ رژہ مزوریاہ چھ یہ جنت کام کرہ وٕنین ہندہ خاطرہ۔ الَّذِينَ صَبَرُوا وَعَلَىٰ رَبِّهِمْ يَتَوَكَّلُونَ یم گئے تمے یمو دُنیاہس اندر اکھ سختین پیٹھ، یمن منز ہجرچ سختی تہِ محسوب چھ، صبر کُر بیہ آسِ پننس پروردگارس پیٹھ اعتماد تہ توکل کران۔ ہرگاہ کانسہ وسوسہ سپدہ کہ ہجرت کرِ تھ بین شہرن منز گژھ ہتھ کیاہ کھیمو چیمو، تم کرن نظر وارہ یتھ پیٹھ کہ وَكَأَيِّن مِّن دَآبَّةٍ لَّا تَحْمِلُ رِزْقَهَا اللَّهُ يَرْزُقُهَا وَإِيَّاكُمْ واریاہ جانور چھ تم، یم نہ تُلتھ تھاوان چھ پننِ رُوزی کُنہِ جایہ۔ اللہ تعالیٰ اِی چھ تمن مُقدر رزق عطا کران۔ توہہ تہِ چھ سیٚ مُقدر رزق واتہ ناوان۔ ادہ یتہ آسو تُہہ تہ تتہِ۔ لہذا مہ کرو تُہہ امیک وسوسہ بلکہ کرو خدائس پیٹھ پُور بھروسہ۔ سہ چھ یقیناً بھروسہ کرنس سزاوار کیازِ وَهُوَ السَّمِيعُ الْعَلِيمُ سہ چھ سُوروی بُوزہ وٕن، سُوروی زانہ وٕن۔ یتھے پاٹھ چھ سُہہ سارنے صفتن اندر سیٹھاہ کامل لہذا ئیس کامل الصفات چھ سہ چھ بھروسہ کرنس قابل وَلَئِن سَأَلْتَهُم مَّنْ خَلَقَ

سَاَلْتَهُمْ مَّنْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَسَخَّرَ الشَّمْسَ وَالْقَمَرَ
لَيَقُوْلُنَّ اللّٰهُ ۚ فَاَنّٰى يُؤْفَكُوْنَ ﴿۶۱﴾ اَللّٰهُ يَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ يَّشَآءُ
مِنْ عِبَادِهٖ وَيَقْدِرُ لَهٗ ؕ اِنَّ اللّٰهَ بِكُلِّ شَیْءٍ عَلِيْمٌ ﴿۶۲﴾ وَلَئِنْ
سَاَلْتَهُمْ مَّنْ نَّزَّلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَاَحْيَا بِهِ الْاَرْضَ مِنْ بَعْدِ
مَوْتِهَا لَيَقُوْلُنَّ اللّٰهُ ؕ قُلِ الْحَمْدُ لِلّٰهِ ؕ بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يَعْقِلُوْنَ ﴿۶۳﴾ ع

---

السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَسَخَّرَ الشَّمْسَ وَالْقَمَرَ لَيَقُوْلُنَّ اللّٰهُ فَاَنّٰى يُؤْفَكُوْنَ بیہ ہرگاہ تہہ تمن کافرن پرِژھو آسمانِ تہ زمین کم چھہ کورمُت پادہ، بیہ کم لوگ کامہِ آفتاب تہ زون، ضرور دپن تم اللہ تعالیٰ تمن تھن اقرار کرِت کت چھہ پت پھران ژلان تمِ، تس یُوت عِبادت کرنہ نشہِ۔ یعنی توحید فی التکوین مانتھ کونہ چھہِ توحید فی الالوہیّت مانان۔ یتھ پاُٹھ خالق اللہ تعالیٰ، تتھے پاٹھ رازق تہ سُی۔ اَللّٰهُ يَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ وَيَقْدِرُ لَهٗ اِنَّ اللّٰهَ بِكُلِّ شَیْءٍ عَلِيْمٌ چنانچہ اللہ تعالیٰ ای چھہ رزقس اندر وسعت کران۔ یمن یژھان چھہ تمن پنہ نیو ہندِ واندرہ۔ بیہ چھہ سُی رزقس اندر تنگی کران۔ یمن یژھان چھہ تمن۔ بے شک اللہ تعالیٰ سی چھہ پرِیتھ چیزِچ پُور خبر وَلَئِنْ سَاَلْتَهُمْ مَّنْ نَّزَّلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَاَحْيَا بِهِ الْاَرْضَ مِنْ بَعْدِ مَوْتِهَا لَيَقُوْلُنَّ اللّٰهُ بیہ ہرگاہ تُہہ پرِژھو تمن آسمانکہِ طرفہ کم تروو رُود، تو پتہ کورن زندہ تمہ روردہ سیتے زمین تمہ کہ مرنہ پتہ یعنی سرسبز کورُن ہو کھنہ پتہ۔ ضرور دِن امیُک جواب تہ کہ اللہ تعالیٰ اَن تروو رُود، سُوی چھہ زمینس مُردہ گژھتھ بیہ زندہ کران یعنی خُشک گژھنہ پتہ سرسبز کران قُلِ الْحَمْدُ لِلّٰهِ بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يَعْقِلُوْنَ تُہہ دِپو حمد معبودِ برحقس۔ اِیژہِنہ تہِ کور تموا اقرار مگر تمِ لُوکھ چھنہ مانان تہ تسلیم کران، بلکہِ چھہ اَمہِ خوتہ بیاکھ کتھ کہ تمو اندرہ چھہِ اکثر تمن نہ زانُن تگان چھہ کینہہ تہ نہ اَمہِ مُوکھ کہ عقل کیا چھکھنہ بلکہ چھُنہ تمِ عقلہ کام ہیوان تم چھنہ اَتھ منز غور کران کہ یمہ یمہ کامہِ بیلہِ خداہی یوت کران چھہ، تس ورای شوبیا بیہ کانسہِ ہنز عبادت کرن۔ غور نہ کرنہ مُوکھ چھہ تمن نشہِ بدیہی تہ ظاہر چیز خفی تہ پُوشیدہ روزان۔ سُہ غُور نہ کرنُک وَجہ چھہ یم چھہ دنیا کین شُغلن

وَمَا هٰذِهِ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَآ اِلَّا لَهْوٌ وَّلَعِبٌ ؕ وَاِنَّ الدَّارَ الْاٰخِرَةَ
لَهِيَ الْحَيَوَانُ ۘ لَوْ كَانُوْا يَعْلَمُوْنَ ﴿۶۴﴾ فَاِذَا رَكِبُوْا فِي الْفُلْكِ دَعَوُا
اللّٰهَ مُخْلِصِيْنَ لَهُ الدِّيْنَ ۚ فَلَمَّا نَجّٰىهُمْ اِلَى الْبَرِّ اِذَا هُمْ
يُشْرِكُوْنَ ﴿۶۵﴾ لِيَكْفُرُوْا بِمَآ اٰتَيْنٰهُمْ ۚۙ وَلِيَتَمَتَّعُوْا ۫ فَسَوْفَ
يَعْلَمُوْنَ ﴿۶۶﴾ اَوَلَمْ يَرَوْا اَنَّا جَعَلْنَا حَرَمًا اٰمِنًا وَّيُتَخَطَّفُ النَّاسُ
مِنْ حَوْلِهِمْ ؕ اَفَبِالْبَاطِلِ يُؤْمِنُوْنَ وَبِنِعْمَةِ اللّٰهِ يَكْفُرُوْنَ ﴿۶۷﴾

---

اندر حالانکہ وَمَا هٰذِهِ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَآ اِلَّا لَهْوٌ وَّلَعِبٌ بیہ چھنہ یہ دنیاچ زندگی لہولعبہ ورائے کینہہ تہٕ وَاِنَّ الدَّارَ الْاٰخِرَةَ لَهِيَ الْحَيَوَانُ اصل زندگی گیہ عالمِ آخرچ زندگی۔ لَوْ كَانُوْا يَعْلَمُوْنَ ہرگاہ تمہ خبر آسہا تمن تیلہٕ کرہ ہن نہ ناپائیدار زندگی اختیار، تمہِ وقتہ چھہ تم توحید الوہیتک تہٕ اقرار کران۔ چنانچہ فَاِذَا رَكِبُوْا فِي الْفُلْكِ دَعَوُا اللّٰهَ مُخْلِصِيْنَ لَهُ الدِّيْنَ اہنزٕ ہ غیر مُستقل مزاجی ہنز بیاکھ مِثال چھہ، تم ییلہِ سمندرس منز جہازن پیٹھ سوار سپدِ تھہ سفر کران چھہ تو پتہ چھہ ناو تہنز واوہ آولنس منز یوان، تمہِ ساتہ چھہِ تم خدایس پیٹھ پورا اعتقاد تھاوت نجات منگان، مگر دُنیاچن کامین اندر رُوزنہ سبب چھکنہِ حال پُوشان۔ چنانچہ فَلَمَّا نَجّٰىهُمْ اِلَى الْبَرِّ اِذَا هُمْ يُشْرِكُوْنَ تمہِ پتہ یلیہ سُہ نجات دِت بٹھس کُن واتہ ناوان چھکھ، اَتی چھہ بیہ تس شریک ٹھہراوان لِيَكْفُرُوْا بِمَآ اٰتَيْنٰهُمْ یتھ کفرانِ نعمت کرن تم تتھ نعمتس پُوسہ تمن اَسہِ عطا کر وَلِيَتَمَتَّعُوْا فَسَوْفَ يَعْلَمُوْنَ بیہ یتھ کینہہ کالہ دنیاءس اندر تمتع تلن۔ مگر برونٹھہ پہن سپدیکھ پائے معلوم اَمہِ کُفرانِ نعمتک انجام یمن چھہ توحید قبول کرنہ نِشہ اکھ مانع دنیاءس اندر بوڈن ڈیوم حیلہ چھکھ یہ خیال کہ ہرگاہ اس توحید قبول کرو تیلہ مارن اَسہِ لُوکھ یتھ شہرس منز دِلن نہ اَسہِ بسہ نے اَوَلَمْ يَرَوْا اَنَّا جَعَلْنَا حَرَمًا اٰمِنًا وَّيُتَخَطَّفُ النَّاسُ مِنْ حَوْلِهِمْ کیا تمو لوکو یعنے مکہ کیو کافرو وچھُنا کہ اَسہِ بنوو تہند شہر حرمہ وول شہراہ، امن واماںک شہراہ تمن اندی پکے تم لُوکھ چھہِ تم چھہِ یوان رٹتھ نہ تہٕ مارنہ، تمہ چھہِ اَتھہ شہرس منز روزتھ محفوظ اِژھہ مہربانی کرِتھ اَفَبِالْبَاطِلِ

وَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰی عَلَی اللّٰهِ كَذِبًا اَوْ كَذَّبَ بِالْحَقِّ
لَمَّا جَآءَهٗ ؕ اَلَیْسَ فِیْ جَهَنَّمَ مَثْوًی لِّلْكٰفِرِیْنَ ﴿۶۸﴾ وَالَّذِیْنَ
جٰهَدُوْا فِیْنَا لَنَهْدِیَنَّهُمْ سُبُلَنَا ؕ وَاِنَّ اللّٰهَ لَمَعَ الْمُحْسِنِیْنَ ﴿۶۹﴾

یُؤْمِنُوْنَ وَبِنِعْمَةِ اللّٰهِ یَكْفُرُوْنَ حق تہٕ پوٗز یوت واضح آستھ چھایم اَپزین معبوٗدن پڑھ کران بیہ چھ اللہ تعالیٰ سنزن نعمژن بے قدری تہٕ اِنکار کران معبوٗدِ برحقس چھہِ شریک ٹھہراوان شریک بخدا اُنٛ گو سخت کُفرانِ نعمت کرن۔ وَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰی عَلَی اللّٰهِ كَذِبًا اَوْ كَذَّبَ بِالْحَقِّ لَمَّا جَآءَهٗ بیہ کُہہ اکھاہ چھہ یژھ ظالمِ تہٕ نااِنصاف تَس شخصہ سندِ ہ خوٗ تہٕ یم اَپزٕ نوورُو و معبوٗدِ برحقس پیٹھ بلادلیل تس شریک ٹھہراونہ سیتِ یازانِ اَپزٕ پزٕ کتھ یلہ سوٗ تس نشہِ واتھ بادلیل اَلَیْسَ فِیْ جَهَنَّمَ مَثْوًی لِّلْكٰفِرِیْنَ کیاہ جہنم چھنا روزنچ جای تِمن کافرن ہندِہ خاطرہ۔ واقعی چھہ بوڈ سزا بڈین مُجرمن ہندِہ خاطرہ نارِ جہنّم وَالَّذِیْنَ جٰهَدُوْا فِیْنَا لَنَهْدِیَنَّهُمْ سُبُلَنَا وَاِنَّ اللّٰهَ لَمَعَ الْمُحْسِنِیْنَ تِمو لوکو سانہِ دینہ خاطرہ کوشِش کرتکلیف برداشت کورٕ تِمن ہاوَواَسِ ضرور پننہ قربچہ وَتہ جنّچ وتھ پزٕ پاٹھ اللہ تعالیٰ چھہ سیت سیت نیکوکارن خلوصہ والین بندن دُنیاہس اندر تہٕ آخرتس اندر تہٕ



## سُوْرَةُ الرُّوْمِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

الٓمّٓ ① غُلِبَتِ الرُّوْمُ ② فِيْٓ اَدْنَى الْاَرْضِ وَهُمْ مِّنْۢ بَعْدِ
غَلَبِهِمْ سَيَغْلِبُوْنَ ③ فِيْ بِضْعِ سِنِيْنَ ۵ لِلّٰهِ الْاَمْرُ مِنْ
قَبْلُ وَمِنْۢ بَعْدُ ۭ وَيَوْمَىِٕذٍ يَّفْرَحُ الْمُؤْمِنُوْنَ ④
بِنَصْرِ اللّٰهِ ۭ يَنْصُرُ مَنْ يَّشَاۗءُ ۭ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الرَّحِيْمُ ⑤
وَعْدَ اللّٰهِ ۭ لَا يُخْلِفُ اللّٰهُ وَعْدَهٗ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا

الٓمّٓ یم چھ حروف مقطعات۔ تمن ہُند معنی زانِہ خدا غُلِبَتِ الرُّوْمُ * فِيْٓ اَدْنَى الْاَرْضِ رُومکِ نصاریٰ سپد اکِس قریب جایہِ پیٹھ مغلوب یتِس تم جنگ آسِ کران یُوسہ جای فارسہ خوتہ ملکِ عربس نکھ تلہ چھہ تتھ جایِہ چھُ ناوازرعات تہ بصریٰ یم شامس منزہ شہر چھہِ حکومتِ رُومس ماتحت آسنہ مُوہ کھہ چھہ رُومہ کِس زمینس سیتِ شامل۔ تتھ جایہ سپد اہلِ رُوم یعنی نصاریٰ فارسہ کین لُوکن مُقابلہ یم آتش پرست آسِ، مغلوب۔ یمہِ سیتِ عربک مُشرک خوش سپد۔ کیازہ تم آس نصاریٰ ان اہلِ کتاب آسنہ مُوکھ مسلمانہ نے سیتِ زاناں۔ وَهُمْ مِّنْۢ بَعْدِ غَلَبِهِمْ سَيَغْلِبُوْنَ * فِيْ بِضْعِ سِنِيْنَ پتہِ مغلوب سپدنہ پتہ سپدن تم رومی جلدے ضرور غالب اہلِ فارسن پیٹھ دو تمسِ مقابلس اندر کنیژن ورہن تام۔ تریو وِرہو پیٹھ نوَن تام لِلّٰهِ الْاَمْرُ مِنْ قَبْلُ وَمِنْۢ بَعْدُ یہِ مغلوب سپدُن تہ غالب سپدُن چھُہ خدایہ سندِ سی اختیارس منز۔ مغلوب سپدنہ برونٹھ تہ اُوس اختیار خدایہ سے تہِ خدایہ سیِ اَتھہِ چھُہ اختیار گوڈہ تہِ تہ پتہ تہِ وَيَوْمَىِٕذٍ يَّفْرَحُ الْمُؤْمِنُوْنَ * بِنَصْرِ اللّٰهِ تمہِ دوہہ سپدن خوش باایمانِ اللہ تعالیٰ سندِہ تمہِ یاری تہ مددَہ سیتِ يَنْصُرُ مَنْ يَّشَاۗءُ سُہ چھہ یاری کران ییس یژھان چھُہ تَس وَهُوَ الْعَزِيْزُ الرَّحِيْمُ سُہ چھُہ سیٹھاہ غالب سیٹھاہ رحم کرہ وُن وَعْدَ اللّٰهِ لَا يُخْلِفُ اللّٰهُ وَعْدَهٗ

يَعْلَمُوْنَ ۝٦ يَعْلَمُوْنَ ظَاهِرًا مِّنَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ۚۖ وَهُمْ عَنِ
الْاٰخِرَةِ هُمْ غٰفِلُوْنَ ۝٧ اَوَلَمْ يَتَفَكَّرُوْا فِيْٓ اَنْفُسِهِمْ ۣ مَا خَلَقَ اللّٰهُ
السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَمَا بَيْنَهُمَآ اِلَّا بِالْحَقِّ وَاَجَلٍ مُّسَمًّى ۭ وَ
اِنَّ كَثِيْرًا مِّنَ النَّاسِ بِلِقَاۗئِ رَبِّهِمْ لَكٰفِرُوْنَ ۝٨ اَوَلَمْ يَسِيْرُوْا
فِي الْاَرْضِ فَيَنْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ ۭ

---

وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ بیہ چھُہ خدایہ سنٛدِ وعدہ۔ اللہ تعالیٰ چھُنہ بدل کران پنٛنہِ نٛس وعدس مگر اکثر لوکھ چھنہ تصرفاتِ الٰہین زانان۔ تم چھہ صرف ظاہری اسبابَن کُن وُچھتھ قیاس آرائی کران یَعْلَمُوْنَ ظَاهِرًا مِّنَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا وَهُمْ عَنِ الْاٰخِرَةِ هُمْ غٰفِلُوْنَ یم چھہ زانان صرف دنیاچہ زندگی ہُند ظاہری حال مگر تم چھہِ آخرتہ نِشہِ بالکل بے خبر۔ تِمن چھُنہ معلوم آخرتس منز کیاہ آسہِ تِہُند حال۔ کیازِہ تِمن چھُنہ کانہہ اندیشہ تِمن چیزن ہند یِمو چیزو سیتِ تم تہِ عذابس گرفتار سپدن۔ مثلاً کُفر شِرک تہ نافرمانی خدا و رِسول نہ چھُہ تِمن فکرِ تِمن چیزن ہنز یِمو سیتِ تِمن نجات بنہِ ہا۔ سُہ گو ایمان تہ فرمانبرداری۔ تِہنزہ نظر چھُہ فقط دنیاسی کُن اَوَلَمْ يَتَفَكَّرُوْا فِيْٓ اَنْفُسِهِمْ مَا خَلَقَ اللّٰهُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَمَا بَيْنَهُمَآ اِلَّا بِالْحَقِّ وَاَجَلٍ مُّسَمًّى کیاہ آخرکہِ صحیح تہ حق آسنٛچہ دلیلہ بوزتھ چھنا یم لوکھ پانس سیتِ غور تہ فکر کران کہ اللہ تعالیٰ اَن کورِیہ زمین تہ آسمان بیہ یہ تِمن دون منز باگ چھُہ پیدہ مگر کُنہِ حکمتہ سے پیٹھ۔ بیہ اکہ مُعیّن مُدتہ خاطرہ سُہ مُدّت گژھہ ختم پتہ آسہِ قیامت یمہ دوہہ لوکھ خدایس برونٛٹھ کُن پیش یِن کرنہ وَاِنَّ كَثِيْرًا مِّنَ النَّاسِ بِلِقَاۗئِ رَبِّهِمْ لَكٰفِرُوْنَ لیکن اکثر لوکھ چھہِ قیامتس پنٛنہ نٛس پروردگارس سیتِ ملاقات سپدنٛس اِنکارے کران۔ اَوَلَمْ يَسِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَيَنْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ کیاہ تِم لوکھ چھناز مینس پیٹھ اُورہ یُور پھیرے متِہ۔ کیاہ تم چھنا گرو منز نیبر دِرامتِ۔ ہرگاہ تم اُورہ یُور پھیرہ ہَن تیلہِ وُچھہ ہَن تم کہ کیاہ چھہ سپدُمت انجام قیامتہ کین تِمن مُنکرن ہند یم تِمن برونٛٹھ آس۔ كَانُوْٓا اَشَدَّ مِنْهُمْ قُوَّةً وَّاَثَارُوا الْاَرْضَ وَعَمَرُوْهَآ

كَانُوْٓا اَشَدَّ مِنْهُمْ قُوَّةً وَّاَثَارُوا الْاَرْضَ وَعَمَرُوْهَآ اَكْثَرَ
مِمَّا عَمَرُوْهَا وَجَآءَتْهُمْ رُسُلُهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ ۭ فَمَا كَانَ اللّٰهُ لِيَظْلِمَهُمْ
وَلٰكِنْ كَانُوْٓا اَنْفُسَهُمْ يَظْلِمُوْنَ ۝٩ ثُمَّ كَانَ عَاقِبَةَ الَّذِيْنَ
اَسَاۗءُوا السُّوْٓآٰى اَنْ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَكَانُوْا بِهَا يَسْتَهْزِءُوْنَ ۝١٠ ع
اَللّٰهُ يَبْدَؤُا الْخَلْقَ ثُمَّ يُعِيْدُهٗ ثُمَّ اِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ ۝١١ وَيَوْمَ
تَقُوْمُ السَّاعَةُ يُبْلِسُ الْمُجْرِمُوْنَ ۝١٢ وَلَمْ يَكُنْ لَّهُمْ
مِّنْ شُرَكَاۗىِٕهِمْ شُفَعٰۗؤُا وَكَانُوْا بِشُرَكَاۗىِٕهِمْ كٰفِرِيْنَ ۝١٣

---

اَكْثَرَ مِمَّا عَمَرُوْهَا وَجَآءَتْهُمْ رُسُلُهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ تهن حالت آس ڪه تم آس ٿهنده خو ته زياده قوتس ته طاقس اندر بيه اُوس تمو زمين لوگمت بيه اوسکه سه بيول ڌو ته ڪره جايه لد ته يهنده خُو ته زياده آباد ڪورمُت۔ تمن نشه ته ووت پيغمبر تهند سانه طرفه نن مُعجزات هيته۔ مگر تمو مُون نه ڪينهه ته تو پته ڪهيو تمو تمه نافرماني هُند سزا فَمَا كَانَ اللّٰهُ لِيَظْلِمَهُمْ وَلٰكِنْ كَانُوْٓا اَنْفُسَهُمْ يَظْلِمُوْنَ ته هنه هانه هرگز ڪه الله تعالیٰ ڪياه ڪرِه ها تمن ظلم مگر تم اس ڪُفر و شر ڪه سيتِ پيغمبرن اِنڪار ڪرنه سيتِ پانِ پانس ظلم ڪران ثُمَّ كَانَ عَاقِبَةَ الَّذِيْنَ اَسَاۗءُوا السُّوْٓآٰى اَنْ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَكَانُوْا بِهَا يَسْتَهْزِءُوْنَ تو پته سپد تمن تيڇه ڪامه ڪره وِنين ته پيغمبرن اِنڪار ڪره وِنين هُند انجام ته تيڇهي ڪيازه تمو زانِ اَپز خُدايه سند آيات بيه آس تم آياتن ٺٺه ڪران اَللّٰهُ يَبْدَؤُا الْخَلْقَ ثُمَّ يُعِيْدُهٗ ثُمَّ اِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ الله تعالیٰ ڇُهه مخلوقاتن گوڙه ته پيده ڪران۔ تمه پته ڪريکه سے بيه دوباره پيده تمه پته ايوُتهه تس ڪن واتناونه حساب و ڪتابه خاطره وَيَوْمَ تَقُوْمُ السَّاعَةُ يُبْلِسُ الْمُجْرِمُوْنَ بيه تمه دوهه قيامت قايم سپده ناميد ته حيران سپدن تمه دوهه ڪافر ته نافرمان ڪانهه ڪتهه هيڪن نه تم ڪر ته وَلَمْ يَكُنْ لَّهُمْ مِّنْ شُرَكَاۗىِٕهِمْ شُفَعٰۗؤُا وَكَانُوْا بِشُرَكَاۗىِٕهِمْ كٰفِرِيْنَ آسنه بيه تمن پنه نيو شريڪو اندره تمن تم عبادتس اندر خدائس

وَيَوْمَ تَقُوْمُ السَّاعَةُ يَوْمَئِذٍ يَّتَفَرَّقُوْنَ ﴿۱۴﴾ فَاَمَّا الَّذِيْنَ
اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ فَهُمْ فِيْ رَوْضَةٍ يُّحْبَرُوْنَ ﴿۱۵﴾
وَاَمَّا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَكَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا وَلِقَآئِ الْاٰخِرَةِ
فَاُولٰٓئِكَ فِي الْعَذَابِ مُحْضَرُوْنَ ﴿۱۶﴾ فَسُبْحٰنَ اللّٰهِ حِيْنَ
تُمْسُوْنَ وَحِيْنَ تُصْبِحُوْنَ ﴿۱۷﴾ وَلَهُ الْحَمْدُ فِي السَّمٰوٰتِ
وَالْاَرْضِ وَعَشِيًّا وَّحِيْنَ تُظْهِرُوْنَ ﴿۱۸﴾ يُخْرِجُ الْحَيَّ مِنَ
الْمَيِّتِ وَيُخْرِجُ الْمَيِّتَ مِنَ الْحَيِّ وَيُحْيِ الْاَرْضَ بَعْدَ

---

شریک ٹھہراوان آسِ کانہہ تہ شفاعت کرتھ مُوکلاوہ ؤناہ۔ تم سپدن تمہ وقتہ پانہ پنہ نین شریکن (یعنی یمن تم شریکِ خدا زانان آسِ) منکر وَيَوْمَ تَقُوْمُ السَّاعَةُ يَوْمَئِذٍ يَّتَفَرَّقُوْنَ بیہ یمہِ دوہہ قیامت قایم سپدہ تمہِ دوہہ سپدن لوکھ الگ الگ فَاَمَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ فَهُمْ فِيْ رَوْضَةٍ يُّحْبَرُوْنَ یمو لوکو ایمان اون بیہ کریکھ رٔژہ عملہ تم آسن جنتہ کس باغس منز سیٹھاہ خوش فرحت وسرورس اندر وَاَمَّا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَكَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا وَلِقَآئِ الْاٰخِرَةِ فَاُولٰٓئِكَ فِي الْعَذَابِ مُحْضَرُوْنَ بیہ یمو خدایس یا خدایہ سندِس کُن آسنس اِنکار کور بیہ زانکھ اُبز سانِ آیات بیہ آخرتس اندر اسہ سیتِ مُلاقات کرہ نس پس ینن تم عذابس گرفتار کرنہ فَسُبْحٰنَ اللّٰهِ حِيْنَ تُمْسُوْنَ وَحِيْنَ تُصْبِحُوْنَ یلہِ تُہہ ایمان و عمل صالحک فضیلت معلوم سپدہ پس کرو تُہہ بہ پاکی یادِ خدا یمہ ساتہ تؤہِ شام کران چھوہ بیہ یمہِ ساتہ توہ صبح کران چھوہ۔ وَلَهُ الْحَمْدُ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ کیازہ تٔس شوبَن سارِی تعریف یم کرنہ یوانِ چھہِ آسمانَن تہ زمینَن اندر وَعَشِيًّا وَّحِيْنَ تُظْهِرُوْنَ بیہ کرِو تُہہ تہندِوی یاد دُہکِس پتمس حِصّس اندر۔ بیہ یمہ ساتہ تُوہِ پیشنہ کِس وقتس منز داخل چھوہ سپدان۔ يُخْرِجُ الْحَيَّ مِنَ الْمَيِّتِ وَيُخْرِجُ الْمَيِّتَ مِنَ الْحَيِّ سُہ معبودِ برحق چھُہ جان دارس کڈان بے جانس نِشہِ مثلاً نُطفہ

مَوْتِهَا ۗ وَكَذٰلِكَ تُخْرَجُوْنَ ﴿١٩﴾ وَمِنْ اٰيٰتِهٖٓ اَنْ خَلَقَكُمْ مِّنْ
تُرَابٍ ثُمَّ اِذَآ اَنْتُمْ بَشَرٌ تَنْتَشِرُوْنَ ﴿٢٠﴾ وَمِنْ اٰيٰتِهٖٓ اَنْ خَلَقَ
لَكُمْ مِّنْ اَنْفُسِكُمْ اَزْوَاجًا لِّتَسْكُنُوْٓا اِلَيْهَا وَجَعَلَ بَيْنَكُمْ
مَّوَدَّةً وَّرَحْمَةً ۗ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّتَفَكَّرُوْنَ ﴿٢١﴾
وَمِنْ اٰيٰتِهٖ خَلْقُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَاخْتِلَافُ اَلْسِنَتِكُمْ
وَاَلْوَانِكُمْ ۗ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّلْعٰلِمِيْنَ ﴿٢٢﴾ وَمِنْ اٰيٰتِهٖ
مَنَامُكُمْ بِالَّيْلِ وَالنَّهَارِ وَابْتِغَآؤُكُمْ مِّنْ فَضْلِهٖ ۗ اِنَّ فِيْ

---

نِشئِ انسانس، ڍولہ منزہ جانورس۔ بیہ پُھہ بے جانس کڈان جاندارس نِشہِ۔ مثلاً نُطفس انسانس نِشہ ڍولس جانورس نِشہِ وَيُحْيِ الْاَرْضَ بَعْدَ مَوْتِهَا وَكَذٰلِكَ تُخْرَجُوْنَ بیہ چھُو سُوی زمینس زندہ تہ سبز و شاداب کران تمہِ مَرنہ پتہ یعنے خُشک گژھنہ پتہ۔ تِتھے پاٹھ ییو تُہہ تہِ قیامتک دوہ قبرو منزہ بیہ کڈنہ وَمِنْ اٰيٰتِهٖٓ اَنْ خَلَقَكُمْ مِّنْ تُرَابٍ ثُمَّ اِذَآ اَنْتُمْ بَشَرٌ تَنْتَشِرُوْنَ معبُود برحقہ سِندیو قُدرتہ کیو نشانو اندر چھُہ کہ تُہہ کرنوہ پیدہ میژِہ تو پتہ چھوہ تُہہ انسان بنتھ زمینس پیٹھ پھکرنہ یتھ پھیران۔
وَمِنْ اٰيٰتِهٖٓ اَنْ خَلَقَ لَكُمْ مِّنْ اَنْفُسِكُمْ اَزْوَاجًا لِّتَسْكُنُوْٓا اِلَيْهَا وَجَعَلَ بَيْنَكُمْ مَّوَدَّةً وَّرَحْمَةً بیہ چھہِ تُہندی قُدرتہ کیو نِشانو اندرہ اِی زِہ پیدہ کرین تُہندہ خیطرہ تُہی منزہ تُہنزہ زنانہ یتھ تُہہ قرار رٹو تمن نِشہِ۔ بیہ تروون تُہہ دون باژن منز محبت، شفقت تہ ہمدردی اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّتَفَكَّرُوْنَ پزِ پاٹھ اتھ منز چھہِ بڈِبڈِ نشانہ غور و فکرِ کرہ وَنین ہندہ خاطرہ۔ وَمِنْ اٰيٰتِهٖ خَلْقُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَاخْتِلَافُ اَلْسِنَتِكُمْ وَاَلْوَانِكُمْ تُہندی قدرتہ کیو نِشانو اندرہ چھُہ آسمان و زمینک پیدہ کرن۔ بیہ تُہنزہ زیوہ یعنی لغت تہ تُہندین بدنن ہُند رنگ مختلف آسن اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّلْعٰلِمِيْنَ پزِ پاٹھِ اَتھ منز چھہِ بڈِ بڈ نشانہ زانن والین تہ عالمنِ ہندہ خاطرہ۔ وَمِنْ اٰيٰتِهٖ مَنَامُكُمْ

ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّسْمَعُوْنَ ﴿۲۳﴾ وَمِنْ اٰيٰتِهٖ يُرِيْكُمُ الْبَرْقَ
خَوْفًا وَّطَمَعًا وَّيُنَزِّلُ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَيُحْيٖ بِهِ الْاَرْضَ
بَعْدَ مَوْتِهَا ؕ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ ﴿۲۴﴾
وَمِنْ اٰيٰتِهٖٓ اَنْ تَقُوْمَ السَّمَآءُ وَالْاَرْضُ بِاَمْرِهٖ ؕ ثُمَّ اِذَا دَعَاكُمْ
دَعْوَةً ٭ۖ مِّنَ الْاَرْضِ ٭ اِذَآ اَنْتُمْ تَخْرُجُوْنَ ﴿۲۵﴾ وَلَهٗ مَنْ فِي
السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ كُلٌّ لَّهٗ قٰنِتُوْنَ ﴿۲۶﴾ وَهُوَ الَّذِيْ يَبْدَؤُا

---

بِالَّيْلِ وَالنَّهَارِ وَابْتِغَآؤُكُمْ مِّنْ فَضْلِهٖ بیہ چھِ تِہندہ قدرتہ کیو نشانو اندرہ تِہند شونگُن رات کُیت زیادہ۔ بیہ دوہلہِ تہ تِہند ژھانڈُن تِہند فضل یعنی رزقُک تلاش کرُن اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّسْمَعُوْنَ یِزِ پاٹھِ اَتھ منز چھِ بڈ نشانہ توجہ سان بُوزن والین ہندہ خیطرہ وَمِنْ اٰيٰتِهٖ يُرِيْكُمُ الْبَرْقَ خَوْفًا وَّطَمَعًا وَّيُنَزِّلُ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَيُحْيٖ بِهِ الْاَرْضَ بَعْدَ مَوْتِهَا بیہ چھِ تِہندہ قدرتہ کیو نشانو اندرہ کہ سُہ چھُ توہہ بیم کرنہ خاطرہ بیہ اُمید دِنہ خاطرہ وزملہ ہاوان بیہ آسمانکہِ طرفہ رُود تراوتھ مُوتِس یعنی خُشک گامتس زمینس زِندہ سرسبز وشاداب کران اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ یِزِ پاٹ اتھ منز تہ چھِ قُدرتک بڈ نشانہ عقلہ کام ہینہ والین ہندہ خاطرہ۔ وَمِنْ اٰيٰتِهٖٓ اَنْ تَقُوْمَ السَّمَآءُ وَالْاَرْضُ بِاَمْرِهٖ بیہ چھُ تِہندیو قُدرتہ کیو نشانو اندرہ کہ آسمان تہ زمین چھِ قایم تِہندی حُکمہ تہ ارادہ سیت توہہ چھُوہ اکس خاص مُقرر کرنہ آمتس وقتس تانِ زندگی بسر کرت زمینس اندر دفن کرنہ یوان۔ ثُمَّ اِذَا دَعَاكُمْ دَعْوَةً مِّنَ الْاَرْضِ اِذَآ اَنْتُمْ تَخْرُجُوْنَ تو پتہ یلہِ سُہ قیامتک دوہ توہہ اکہ خاص قسمک آلو دیہ اتی نیرِ وُتھہ ساری قبرو منزہ وَلَهٗ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ كُلٌّ لَّهٗ قٰنِتُوْنَ یم آسمانس تہ زمینس منز مخلوق چھِ تم ساری چھِ تِہندی مملوک۔ ساری چھِ تِہندی حُکمس تابع تہ فرمانبردار۔ امہ اندرہ سپد ثابت کہ۔ وَهُوَ الَّذِيْ يَبْدَؤُا الْخَلْقَ ثُمَّ يُعِيْدُهٗ وَهُوَ اَهْوَنُ عَلَيْهِ سُہ پروردگار گوسُوی یم مخلوقات گوڈہ پیدہ کر تو پتہ کرِ یکھ سُی بیہ دوبارہ پیدہ قیامتک دوہ۔ تمس نِش چھُ دوبارہ بیہ پیدہ کرُن زیادہ

الْخَلْقَ ثُمَّ يُعِيدُهُ وَهُوَ أَهْوَنُ عَلَيْهِ ۚ وَلَهُ الْمَثَلُ الْأَعْلَىٰ
فِي السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ ۚ وَهُوَ الْعَزِيزُ الْحَكِيمُ ﴿٢٧﴾ ضَرَبَ لَكُم
مَّثَلًا مِّنْ أَنفُسِكُمْ ۖ هَل لَّكُم مِّن مَّا مَلَكَتْ أَيْمَانُكُم
مِّن شُرَكَاءَ فِي مَا رَزَقْنَاكُمْ فَأَنتُمْ فِيهِ سَوَاءٌ تَخَافُونَهُمْ
كَخِيفَتِكُمْ أَنفُسَكُمْ ۚ كَذَٰلِكَ نُفَصِّلُ الْآيَاتِ لِقَوْمٍ يَعْقِلُونَ ﴿٢٨﴾
بَلِ اتَّبَعَ الَّذِينَ ظَلَمُوا أَهْوَاءَهُم بِغَيْرِ عِلْمٍ ۖ فَمَن يَهْدِي

---

آسان قدرتِ بشريه کہ اعتباره۔ وَلَهُ الْمَثَلُ الْأَعْلَىٰ فِي السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ لس ڇھ تھدِ صفت تہ ٿھو شان تس برابر تہ تس ھيوڇھنہ کا نہ تہ آسمانن تہ زمين اندر وَهُوَ الْعَزِيزُ الْحَكِيمُ سُي ڇھ غلبہ وول قادر مطلق حکمتہ وول ضَرَبَ لَكُم مَّثَلًا مِّنْ أَنفُسِكُمْ الله تعالىٰ ان كور بيان توهہ شرک مذموم تہ باطل آسُن فكرِ تارنہ خاطره ڇھنز ے اکھ مثالا اکھ هَل لَّكُم مِّن مَّا مَلَكَتْ أَيْمَانُكُم مِّن شُرَكَاءَ فِي مَا رَزَقْنَاكُمْ فَأَنتُمْ فِيهِ سَوَاءٌ تَخَافُونَهُمْ كَخِيفَتِكُمْ أَنفُسَكُمْ سُو مثال گيہ يہے کہ واره كروڇھہ غور کہ کياه ڇھہ ڇھوه برابر مالِک گنہ قسمہ شريک تتھ مالس اندر يُس اسی توہہ عطا کورمت ڇھہ۔ ڇھہ تہ ڇھندِ غلام آسہ ہن تتھ مالس اندر برابر مالِک۔ ڇھہ آسہِ ہيو كھوژان تمن غلامن تتھ مالس منز تصرفِ كرنس اندر۔ يتھ پاٹھ ڇھہ پانہ وان اکھ شريک بيس شريكس نِشہِ كھوژان ڇھوه كَذَٰلِكَ نُفَصِّلُ الْآيَاتِ لِقَوْمٍ يَعْقِلُونَ يتھے پاٹھ ڇھہ اَس وِيژھہ ناوتھ بيان كران پنن آيات تمن لوكن ہندہ خاطره يمن عقل ڇھ يعنے ڇھہ يلہِ نہ پننہِ حقہ غُلامن مملوكن ہند شريک آسُن برداشت كران ڇھوه خدايہ سند مملوک کياژِه ڇھوکھ ڇھندِ شريک زانان يہ ڇھہ بوڈ ظلم بَلِ اتَّبَعَ الَّذِينَ ظَلَمُوا أَهْوَاءَهُم بِغَيْرِ عِلْمٍ بلكہ كرتمو ظالمو گنہ صحيح دليلہِ وراى پننہ نين خيالاتِ فاسدن تہِ نفسانی خواھشن ہنز پيروی فَمَن يَهْدِي مَنْ أَضَلَّ اللَّهُ يمسِ الله تعالىٰ اپزس اصرار كرنہ سبّبہ وتھ راوِره تس كُس اکھاه ہيکہ وتھ تہ ہدايت كرِتھ وَمَا لَهُم مِّن نَّاصِرِينَ تمن گُرىن يلہ عذاب ييہ كرِنہ تمہِ ساتہ ہيکہ نہ كانہہ تمن گنہ قسمہ

مَنْ اَضَلَّ اللّٰهُ ؕ وَمَا لَهُمْ مِّنْ نّٰصِرِيْنَ ﴿٢٩﴾ فَاَقِمْ وَجْهَكَ
لِلدِّيْنِ حَنِيْفًا ؕ فِطْرَتَ اللّٰهِ الَّتِيْ فَطَرَ النَّاسَ عَلَيْهَا ؕ لَا
تَبْدِيْلَ لِخَلْقِ اللّٰهِ ؕ ذٰلِكَ الدِّيْنُ الْقَيِّمُ ۙ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ
النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿٣٠﴾ مُنِيْبِيْنَ اِلَيْهِ وَاتَّقُوْهُ وَاَقِيْمُوا
الصَّلٰوةَ وَلَا تَكُوْنُوْا مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ ﴿٣١﴾ مِنَ الَّذِيْنَ فَرَّقُوْا
دِيْنَهُمْ وَكَانُوْا شِيَعًا ؕ كُلُّ حِزْبٍۢ بِمَا لَدَيْهِمْ فَرِحُوْنَ ﴿٣٢﴾

---

هدايت نه مدد ڪري ٿو. لهذا ڇهه پر ئي ٿو اڪس بُوزه ونس يوان ونه فَاَقِمْ وَجْهَكَ لِلدِّيْنِ حَنِيْفًا ڙه سيد پر ئي ٿو باطل دِينه نشهِ الگ. تو پته ڪر ڙه پنُ رُخ دِين حقس ڪُن فِطْرَتَ اللّٰهِ الَّتِيْ فَطَرَ النَّاسَ عَلَيْهَا ڙه ڪر مُتابعت نه پيروي ٿو قابليتس ئي ٿو قابليتس پيٺھ الله تعالىٰ ان ساري انسان پيده ڪرمتِ ڇھ. مَطلب اَميگ ڇُھ ڪه الله تعالىٰ اَن ڇُھ پر ئي ٿو شخصاه پيده ڪورمُت پر ئي ٿو اڪس ڇھُن استعداد عطا ڪورُمت ڪه هر گاه سُه پرٿو بوزِن يزٿھِ، فڪره ترن يزٿھ، سُه هيڪهِ بُوزِت ٿَس هيڪه فڪرِه تر ٿھ. ٿو متابعت ڪرن گيه ڪه ٿو اِستعدادَس نه قابليتس هيه ڪام سُه ئي ٿو منگان ڇُھ تمهِ مُوجب ڪرهِ عمل لَا تَبْدِيْلَ لِخَلْقِ اللّٰهِ خدايه سندِس اَتھ پيده ڪرِتس چيزس، ئي ٿو پيٺھ تم سارِي اِنسان پاده ڪرمتِ ڇھ گژھه نه تغير و تبديل ڪرُن ذٰلِكَ الدِّيْنُ الْقَيِّمُ يِهي ڇھ دِينچ مُحڪم وَ ٿھ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ مگر اڪثر لوڪه ڇھنه بوجه عدم تدبير زانان تمه مُوڪھ ڇھنه تميگ اِتباع ڪران مُنِيْبِيْنَ اِلَيْهِ وَاتَّقُوْهُ وَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَلَا تَكُوْنُوْا مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ اي لوڪو ٿُهه ڪرِو رجُوع ٿَس خدايس ڪن بيه کھوڙِو ٿَس. ٿهندِس مخالفتس نه مخالفته ڪس عذابس بيه ڪرِو دينِ اِسلام قبول تو پته ٿهاوِو برپا نماز پابندي سان بيه مه آسِو مُشرڪو اندره مِنَ الَّذِيْنَ فَرَّقُوْا دِيْنَهُمْ وَكَانُوْا شِيَعًا كُلُّ حِزْبٍۢ بِمَا لَدَيْهِمْ فَرِحُوْنَ بيه مَه آسِو تمو مُشرڪو اندره تمو ڇھلهِ ڪرهِ دِينس پنه نَس نه گيڪھ وارياه جماژ اڪ رَٽ اڪھ وت اَيزه نه باطِل وت نه ڇھ وارياه تمو تراو پزوَ ٿھ اَيزه نه باطِل وت نه تراو يکھ اي گو پنه نَس دِينس ڇھله ڪرنه اڪ رٽ اڪھ وٿھ، سبے رٽِ

وَإِذَا مَسَّ النَّاسَ ضُرٌّ دَعَوْا رَبَّهُم مُّنِيبِينَ إِلَيْهِ ثُمَّ إِذَا
أَذَاقَهُم مِّنْهُ رَحْمَةً إِذَا فَرِيقٌ مِّنْهُم بِرَبِّهِمْ يُشْرِكُونَ ﴿٣٣﴾ لِيَكْفُرُوا
بِمَا آتَيْنَاهُمْ فَتَمَتَّعُوا فَسَوْفَ تَعْلَمُونَ ﴿٣٤﴾ أَمْ أَنزَلْنَا عَلَيْهِمْ سُلْطَانًا
فَهُوَ يَتَكَلَّمُ بِمَا كَانُوا بِهِ يُشْرِكُونَ ﴿٣٥﴾ وَإِذَا أَذَقْنَا النَّاسَ رَحْمَةً فَرِحُوا
بِهَا وَإِن تُصِبْهُمْ سَيِّئَةٌ بِمَا قَدَّمَتْ أَيْدِيهِمْ إِذَا هُمْ يَقْنَطُونَ ﴿٣٦﴾

---

بیاکھ وتھ اَمی سیت گیہ واریاہ جماژ۔ اگر پزٕ وَتہٕ پیٹھ رُوزہٕ ہن تیلہٕ آسہاکھٕ جماعت۔ باوجودِ آمہِ یمہ سارے وَتہ چھہ باطل تہٕ اپزٕ توتہٕ پُھہ جہل و نادانی ہُنٛز تمو اندرہ پرِیتھ اکھاہ پننہٕ پننہٕ وتہ پیٹھ ژینگان۔ خیال کران کہ یہ پُھس صحیح وتہ پیٹھ حالانکہ یہ اَمِ سُند خیال چُھہ بالکل غلط۔ سیزٕ وَتھ چُھہ توحیدٕچ وَتھ۔ یتھ وتہٕ ہُنٛز آس تمن نادِوان چھہ عام طور پُٹھہ تمن لوکن ہندٕ حال و قالہ سیت ثابت سپدان کہ یُوہے چُھہ دینِ حق۔ کیازٕ اضطرار کہ وقتہ چھہِ تم تہٕ اتھ دِیِنس تسلیم کران۔ یمہ اندرہ ثابت چُھہ سپدان کہ واقعی چُھہ یُوہے دینِ فطرت۔ چنانچہ اللہ تعالیٰ چُھہ فرماوان وَإِذَا مَسَّ النَّاسَ ضُرٌّ دَعَوْا رَبَّهُم مُّنِيبِينَ إِلَيْهِ ثُمَّ إِذَا أَذَاقَهُم مِّنْهُ رَحْمَةً إِذَا فَرِيقٌ مِّنْهُم بِرَبِّهِمْ يُشْرِكُونَ یلہٕ لوکن کانہہ سختیاہ واتان چُھہ تمہٕ ساتہٕ چھہِ بیقرار سپدِ تھ آلو دِوان پننہ نسے حقیقی پروردگارس تس کُن رجوع کرتھ توپتہ یلہ سہٕ تمن پننہ رحمتک مزہ چھہ ہاوان سو سختی دور کرنہ سیتِ اَتی چھہِ تمو اندرہ اکھ جماعت پننہ نس پروردگارس بیہ شرک انان لِيَكْفُرُوا بِمَا آتَيْنَاهُمْ یتھ کُفران نعمت کرن تتھ نتیس یُوسہ اَسہِ تمن عطا کرے یہ فَتَمَتَّعُوا پس تل تمو تمتعاہ کینہہ کالاہ فَسَوْفَ تَعْلَمُونَ برونہہ پھن زانوپائے امیک مزہ أَمْ أَنزَلْنَا عَلَيْهِمْ سُلْطَانًا فَهُوَ يَتَكَلَّمُ بِمَا كَانُوا بِهِ يُشْرِكُونَ کنہ اَسہِ چھہ تمن پیٹھ کانہہ دلیلاہ کانہہ کتابہ نازل کرمژ۔ سوی کیاہ چُھہ تمن دپان شرکچ کتھ تہٕ کامہٕ کرو وَإِذَا أَذَقْنَا النَّاسَ رَحْمَةً فَرِحُوا بِهَا یلہ اس لوکن پننہٕ مہربانی ورحمتک مزہ چھہِ ہاوان تمہ سیتِ چھہ تم خوش گژھان۔ تمہ سببہ چھہ غفلتس منز بوڈ تھ شرکچہ کامہٕ کران وَإِن تُصِبْهُمْ سَيِّئَةٌ بِمَا قَدَّمَتْ أَيْدِيهِمْ توپتہ ہرگاہ تمن واتان چُھہ کانہہ سختیاہ تمن پیٹھ

أَوَلَمْ يَرَوْا أَنَّ اللَّهَ يَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ يَشَاءُ وَيَقْدِرُ ۚ إِنَّ فِي
ذَٰلِكَ لَآيَاتٍ لِقَوْمٍ يُؤْمِنُونَ ﴿۳۷﴾ فَآتِ ذَا الْقُرْبَىٰ حَقَّهُ وَ
الْمِسْكِينَ وَابْنَ السَّبِيلِ ۚ ذَٰلِكَ خَيْرٌ لِلَّذِينَ يُرِيدُونَ وَجْهَ
اللَّهِ ۖ وَأُولَٰئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُونَ ﴿۳۸﴾ وَمَا آتَيْتُمْ مِنْ رِبًا لِيَرْبُوَ
فِي أَمْوَالِ النَّاسِ فَلَا يَرْبُو عِنْدَ اللَّهِ ۖ وَمَا آتَيْتُمْ مِنْ زَكَاةٍ

---

کامین ہندہ شامتہ ىمہِ تہندہ اَتھ آمژہ چھ آسان إِذَا هُمْ يَقْنَطُونَ اتی چھِ تم نا امید سپدان أَوَلَمْ يَرَوْا أَنَّ اللَّهَ يَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ يَشَاءُ وَيَقْدِرُ کیاہ تمِ چھنا وچھان کہ پزپاٹ اللہ تعالیٰ ای چھ رزقس اندر وسعت کران یُس یژھان چھ۔ بیہ چھ سُی تنگی کران رزقس اندر یُس یژھان چھ تس إِنَّ فِي ذَٰلِكَ لَآيَاتٍ لِقَوْمٍ يُؤْمِنُونَ بے شک اتھ منز تہ چھ بڈبڈ نشانہ خدایہِ سندہِ قُدرتُک تہ تِمن آسکِ باایمانن ہندہ خاطرہ فَآتِ ذَا الْقُرْبَىٰ حَقَّهُ وَالْمِسْكِينَ وَابْنَ السَّبِيلِ پس یلہِ توحید چودلیلو سیتِ معلوم سپد کہ رزقچ تنگی تہ وسعت چھ خدایہ سی اَتھِ اَمہِ سیتِ سپز بیاکھ کتھ ثابت کہ بُخل کرن چھ سیٹھاہ بیچھ کیازہ اَمہِ سیتِ مُقدرس اندر زیادتی ہیکہ نہ سپدِت لہٰذا چھ بخل کرن بے فائدہ اے مسلمانو تُہہِ مہ آسِو بخل کران بلکہ آسِو قرابتہ والین واتناوان تہند حق بیہ مسکین بیہ مسافرن ذَٰلِكَ خَيْرٌ لِلَّذِينَ يُرِيدُونَ وَجْهَ اللَّهِ وَأُولَٰئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُونَ ای چھ بہتر تِمن لوکن ہندہ خیطرہ یِم ژھانڈان چھ رضایِ خدا بیہ چھ تِمے لوکھ رستگار تہ کامیاب۔ وَمَا آتَيْتُمْ مِنْ رِبًا لِيَرْبُوَ فِي أَمْوَالِ النَّاسِ فَلَا يَرْبُو عِنْدَ اللَّهِ بیہ یُس چیز تُہہ دنیا خاطرہ تہ خرچ کران چھوہ یمہ غرضہ کہ سُہ چیز واتہِ لُوکن ہندس مالس اندر تو پتہ ىمہِ ساتہ تِمن سُہ چیز واپس کرنک وقت واتہِ تمہِ ساتہ واتہ اَسہِ نِشہِ سُہ چیز رُت تہ زیادہ سپدِت یتھ پاٹھِ دُنیوی رُسومَن اندر عام طور کرنہ چھ یوان اتھ ہینہ دِنس چھنہ اللہ اس نِشہِ کانہہ زیادتی سپدان کیازِہ خُدا ایس نشہ چھ نہ سُہ مال واتان نہ چھ سُہ زیادہ سپدان۔ یُسہ تہندہ رضا خاطرہ آسہِ دِنہ آمت۔ چونکہ اَتھ ہینہ دِنس منز چھنہ خدایہ سندِہ رضاچ کانہہ نیت آسان لہٰذا چھ نہ یہ

تُرِيْدُوْنَ وَجْهَ اللّٰهِ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُضْعِفُوْنَ ﴿٣٩﴾ اَللّٰهُ الَّذِيْ
خَلَقَكُمْ ثُمَّ رَزَقَكُمْ ثُمَّ يُمِيْتُكُمْ ثُمَّ يُحْيِيْكُمْ ؕ هَلْ مِنْ
شُرَكَآئِكُمْ مَّنْ يَّفْعَلُ مِنْ ذٰلِكُمْ مِّنْ شَيْءٍ ؕ سُبْحٰنَهٗ وَتَعٰلٰى عَمَّا
يُشْرِكُوْنَ ﴿٤٠﴾ ع ظَهَرَ الْفَسَادُ فِي الْبَرِّ وَالْبَحْرِ بِمَا كَسَبَتْ اَيْدِي
النَّاسِ لِيُذِيْقَهُمْ بَعْضَ الَّذِيْ عَمِلُوْا لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُوْنَ ﴿٤١﴾
قُلْ سِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَانْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الَّذِيْنَ

---

وَمَآ اٰتَيْتُمْ مِّنْ زَكٰوةٍ تُرِيْدُوْنَ زيادتي سپدان منز كينهه اُتهه نه ڇهه سپدان قبول اندر درگاهه تهنزه وَجْهَ اللّٰهِ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُضْعِفُوْنَ مگر يُس رقم تُهه دِوان ڇهوه خدايه سندِ خاطره زكوٰة هَش يتهِ منز ڈهانڈان ڇهوه تُهه خدايه سُندي رضا اَمِه قسمك لوكه ڇهِ خدايس نِشه جمع كرِتهه پنن دِتمت مال ہُره راوان زياده كران اَللّٰهُ الَّذِيْ خَلَقَكُمْ ثُمَّ رَزَقَكُمْ ثُمَّ يُمِيْتُكُمْ ثُمَّ يُحْيِيْكُمْ معبودِ برحقّي ڇهه سُه ذاتِ پاك يَم تُهه پيده كروِ توپته كورنوه رزق عطا توپته ڇهوه سے ماران توپته كرِوه سےٗ بيه زنده قيامتك دوه سُه ڇهه اَمِه قسمك قُدرته وول هَلْ مِنْ شُرَكَآئِكُمْ مَّنْ يَّفْعَلُ مِنْ ذٰلِكُمْ مِّنْ شَيْءٍ توِه ونتو كياه تُهنديو شريكو اندرِ رته چهاكانهه يتهِ يس تِمو كاميو اندره كانهه كاماه ڇهه كرِتهه هيكان سُبْحٰنَهٗ وَتَعٰلٰى عَمَّا يُشْرِكُوْنَ پس سپد ثابت كه سُه ڇهه منزه ته پاك بيه بلند تر برتر۔ تمهِ ساري شِرك نِشه يُس شِرك تمِ لوكه تس ڪُن لاگان ڇهِ ظَهَرَ الْفَسَادُ فِي الْبَرِّ وَالْبَحْرِ بِمَا كَسَبَتْ اَيْدِي النَّاسِ لِيُذِيْقَهُمْ بَعْضَ الَّذِيْ عَمِلُوْا لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُوْنَ شرك وِنافرماني هند اثر ڇهه يتهِ خراب كه ظاهر سپز تباهي قحط ته وباء بيه طوفان خُشكي اندرته ترِي اندرته يعني ساري دنيااس اندر لوگن هنز ويچهه عملوسيتِ يتهِ الله تعاليٰ تمن مزه ڎهناوِه تُهنزن بعضے كامن هنديمه تمو كره دَيوه تمِ پائس پين۔ تمو يچهه كاميو نِشه رُوزن يتهِ۔ هرگاه تمن مُشرِكن اتهه اندر كانهه شك ڇهه۔ قُلْ سِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَانْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الَّذِيْنَ

مِنْ قَبْلُ ۗ كَانَ اَكْثَرُهُمْ مُّشْرِكِيْنَ ﴿٤٢﴾ فَاَقِمْ وَجْهَكَ لِلدِّيْنِ
الْقَيِّمِ مِنْ قَبْلِ اَنْ يَّاْتِيَ يَوْمٌ لَّا مَرَدَّ لَهٗ مِنَ اللّٰهِ يَوْمَئِذٍ
يَّصَّدَّعُوْنَ ﴿٤٣﴾ مَنْ كَفَرَ فَعَلَيْهِ كُفْرُهٗ ۚ وَمَنْ عَمِلَ صَالِحًا
فَلِاَنْفُسِهِمْ يَمْهَدُوْنَ ﴿٤٤﴾ لِيَجْزِيَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا
الصّٰلِحٰتِ مِنْ فَضْلِهٖ ۗ اِنَّهٗ لَا يُحِبُّ الْكٰفِرِيْنَ ﴿٤٥﴾ وَمِنْ اٰيٰتِهٖٓ
اَنْ يُّرْسِلَ الرِّيَاحَ مُبَشِّرٰتٍ وَّلِيُذِيْقَكُمْ مِّنْ رَّحْمَتِهٖ وَلِتَجْرِيَ

---

مِنْ قَبْلُ تُہہ فرماوِیوکھ یارسول اللہ ای لوکو تُہہ پھیر تو سارسے زمینس منز تو پتہ وچھتو کیاہ چھو سپدمُت انجام تمن مُشرک لوکن ہند یم توہہ برونٹھ آسِ۔ كَانَ اَكْثَرُهُمْ مُّشْرِكِيْنَ تمو اندرہ آس اکثر مُشرک۔ تُہہ وچھتو کہ تم کتھ پاٹھے آے گالنہ عذابِ آسمانی سیتِ یمہ سیتِ صاف چھ ونان کہ شرک چھُ بوڈ گناہ۔ ییلہِ شرک یِچھ آسن ظاہر سپد پس اِی مخاطب فَاَقِمْ وَجْهَكَ لِلدِّيْنِ الْقَيِّمِ مِنْ قَبْلِ اَنْ يَّاْتِيَ يَوْمٌ لَّا مَرَدَّ لَهٗ مِنَ اللّٰهِ يَوْمَئِذٍ يَّصَّدَّعُوْنَ پس تھاوتہ پنُن بُتھ سیود محکم دِینس اِسلامس تہ توحیدس کُن تتھ پیٹھ کر استقامت سہ دوہ ینہ برونٹھ۔ یتھنہ خدایہ سندہ طرفہ پتہ برونٹھ ڈلن چھُ بلکہ چھُ قطعاً تہ یقیناً سہ دوہ اِوہ وُن تمی دوہہ سپدن لوکن عملن ہندہ اِعتبارہ زہ حصہ اکھ واتہ جنتس بیاکھ واتہ جہنمس یتھ پاٹھ کہ مَنْ كَفَرَ فَعَلَيْهِ كُفْرُهٗ وَمَنْ عَمِلَ صَالِحًا فَلِاَنْفُسِهِمْ يَمْهَدُوْنَ یُس شخص کُفر چہ کامہ کران آسہِ تس چھ تمن کامین ہند سزا کھیون بییہ یم لوکھ رژہ عملہ کران آسن تم چھہِ پننہ نین پانن ہنزہ کامیابی ہند سنزتہِ سامان تیار کران لِيَجْزِيَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ مِنْ فَضْلِهٖ اِنَّهٗ لَا يُحِبُّ الْكٰفِرِيْنَ یتھ اللہ تعالیٰ پننہ فضلہ سیتِ رژ مزدور عطا کرِہ تمن لوکن یمو ایمان اون بییہ کریکھ رژہ عملہ کافر سپدن تمن نشہِ محروم کیازہ اللہ تعالیٰ چھنہ پسند کران کافرن وَمِنْ اٰيٰتِهٖٓ اَنْ يُّرْسِلَ الرِّيَاحَ بییہ چھُ پروردگارہ سند یو قدرتہ کیو نشانو اندرہ کہ سہ چھُ واون سوزان رُودپینہ برونٹھ رودچ خوشخبری ہیتھ بییہ یتھو توہ ہاوہ سُو مزہ پننہ رحمتُک یعنے باران رحمتک مُبَشِّرٰتٍ وَّلِيُذِيْقَكُمْ مِّنْ

الْفُلْكُ بِاَمْرِهٖ وَلِتَبْتَغُوْا مِنْ فَضْلِهٖ وَلَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ ﴿٤٦﴾ وَ
لَقَدْ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ رُسُلًا اِلٰى قَوْمِهِمْ فَجَآءُوْهُمْ
بِالْبَيِّنٰتِ فَانْتَقَمْنَا مِنَ الَّذِيْنَ اَجْرَمُوْا ؕ وَكَانَ حَقًّا
عَلَيْنَا نَصْرُ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿٤٧﴾ اَللّٰهُ الَّذِيْ يُرْسِلُ الرِّيٰحَ
فَتُثِيْرُ سَحَابًا فَيَبْسُطُهٗ فِى السَّمَآءِ كَيْفَ يَشَآءُ وَيَجْعَلُهٗ
كِسَفًا فَتَرَى الْوَدْقَ يَخْرُجُ مِنْ خِلٰلِهٖ ۚ فَاِذَآ اَصَابَ بِهٖ

---

رَّحْمَتِهٖ وَلِتَجْرِيَ الْفُلْكُ بِاَمْرِهٖ بيه هن تہ واءُ سيت ہلن ٿهندءِ ھُڪم سيت درياوَن اندر ٻيڙيون ناوه تہ جهازہ وَلِتَبْتَغُوْا مِنْ فَضْلِهٖ بيه هن ته جهازن تہ ناوَن اندر سير ڪري ٿهاڏو تہ تلاش ڪريو ٿهند فضل يعني روزي وَلَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ بيه ته شڪر گذاري ڪريو ٿهنز. يمه نعمتُ آسٿه تہ ڇه مُشرڪ ناسپاسي ڪران. شرڪ اَنہ سيت، اَحڪامَن هنز مخالفت ڪرنہ سيت پيغمبرن تہ باايمانن ايذادِنہ سيت مگر ٿهه مہ سپدوامِہ خاطره آزرده تہ غمگين ڪيازه اس هيمو تمن نشہ عنقريب اَميگ انتقام هته پاٿھ برونٿھ تہ هته واقعہ سپدمت ڇه چنانچہ وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ رُسُلًا اِلٰى قَوْمِهِمْ فَجَآءُوْهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ فَانْتَقَمْنَا مِنَ الَّذِيْنَ اَجْرَمُوْا بي شڪ يله سوزِاسہ ٿوهہ برونٿھ يارسول الله واريا ه پيغمبر پنہ نين قومَن ڪُن تو پتہ آي تم پيغمبر تمن نشہ نن معجزات تہ ننہ دليله هيٿھ مگر تموزان تم اَپزِ. پس هيوت اَسہ تمن لوڪن نشہ تيمو نافرماني ڪر انتقام وَكَانَ حَقًّا عَلَيْنَا نَصْرُ الْمُؤْمِنِيْنَ ڪيازه اَسہِ پيٿھ اُوس مٹہ باايمانن ياري ڪرن پننہ وعده موجب اَللّٰهُ الَّذِيْ يُرْسِلُ الرِّيٰحَ فَتُثِيْرُ سَحَابًا فَيَبْسُطُهٗ فِى السَّمَآءِ كَيْفَ يَشَآءُ معبود برحق ڇه تيتھے قدرت تہ ڈول تہ حڪمتہ ڈول يُس واوسوزان ڇُھ. سہ واو ڇُھ اَبرس ٿلان تو پتہ ڇھُس آسمان کھارت مُژه راوان هته پاٿھ سہ يژهان ڇُھ وَيَجْعَلُهٗ كِسَفًا فَتَرَى الْوَدْقَ يَخْرُجُ مِنْ خِلٰلِهٖ تو پتہ ڇھُس ٿھاوان تہہ بہ تہہ تو پتہ ڇھکھ ژه وڇھان رود ڇه نيران تمہ اَبره منزه فَاِذَآ اَصَابَ بِهٖ مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖٓ اِذَا هُمْ يَسْتَبْشِرُوْنَ تو پتہ يلہِ سہ رودو اتاوَن ڇُھ پننہ نيو

مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖٓ اِذَا هُمْ يَسْتَبْشِرُوْنَ ﴿۴۸﴾ وَ اِنْ
كَانُوْا مِنْ قَبْلِ اَنْ يُّنَزَّلَ عَلَيْهِمْ مِّنْ قَبْلِهٖ لَمُبْلِسِيْنَ ﴿۴۹﴾
فَانْظُرْ اِلٰٓى اٰثٰرِ رَحْمَتِ اللّٰهِ كَيْفَ يُحْيِ الْاَرْضَ بَعْدَ مَوْتِهَا ؕ
اِنَّ ذٰلِكَ لَمُحْيِ الْمَوْتٰى ۚ وَهُوَ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ قَدِيْرٌ ﴿۵۰﴾ وَلَئِنْ
اَرْسَلْنَا رِيْحًا فَرَاَوْهُ مُصْفَرًّا لَّظَلُّوْا مِنْۢ بَعْدِهٖ يَكْفُرُوْنَ ﴿۵۱﴾ فَاِنَّكَ
لَا تُسْمِعُ الْمَوْتٰى وَلَا تُسْمِعُ الصُّمَّ الدُّعَآءَ اِذَا وَلَّوْا مُدْبِرِيْنَ ﴿۵۲﴾

بندواندرہ تہن، تہن نشہ سہ واتناون پڑھان پھہ اتی پھہ تم خوش گڑھان تہ شادیانہ کران۔ وَ اِنْ كَانُوْا مِنْ قَبْلِ اَنْ يُّنَزَّلَ عَلَيْهِمْ مِّنْ قَبْلِهٖ لَمُبْلِسِيْنَ حالانکہ تم آس یقیناً اُمہ رود کہ ینہ برونٹھ بالکل نامید تہ مایوس سپڑمت فَانْظُرْ اِلٰٓى اٰثٰرِ رَحْمَتِ اللّٰهِ كَيْفَ يُحْيِ الْاَرْضَ بَعْدَ مَوْتِهَا اِنَّ ذٰلِكَ لَمُحْيِ الْمَوْتٰى وَهُوَ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ قَدِيْرٌ پس وچھ ژہ خدایہ سندہ رحمتک آثار تہ نتیجہ کتھ پاٹھ پھہ پننہ رحمتہ سیت مُوتِس یعنی خشک گاتس زمینس زندہ کران یعنی تروتازہ۔ بے شک یہ کتھ پھہ نعمت تہ دلیل وحدت آسنکہ علاوہ دلیل یمہ کتھہ ہنز کہ اللہ تعالیٰ پھہ قدرتہ وول لوکن ہندہ مرنہ پتہ تہن بیہ زندہ کرنس پیٹھ۔ اَمہ سیت سپد ثابت کہ یُوہے خدا پھہ یقیناً زندہ کران سارنے مُردن بیہ پھہ سی پرتھ چیزس پیٹھ قدرتہ وول وَلَئِنْ اَرْسَلْنَا رِيْحًا فَرَاَوْهُ مُصْفَرًّا لَّظَلُّوْا مِنْۢ بَعْدِهٖ يَكْفُرُوْنَ تو پتہ ہرگاہ سوزو اَس تُہندس زراعتس پیٹھ مضر ہوا یمہ سیت تم وچھن تتھ زراعتس زرد سپدت خشک گڑھان یک دم بدلہ تُہند حال تمہِ پتے ہین تم کفرانِ نعمت کرن۔ یمہ نعمژ سانہ روزنکھ نہ یاد۔ اَمہ سیتِ سپدُ معلوم کہ تم پھہ نکس تہندِ خاطرہ غم کھیون پھہ بے کار فَاِنَّكَ لَا تُسْمِعُ الْمَوْتٰى وَلَا تُسْمِعُ الصُّمَّ الدُّعَآءَ اِذَا وَلَّوْا مُدْبِرِيْنَ تُہہ نہ حض ہیکیو کھ نہ بُوزناوِ تھ مُردہ بیہ نہ حض ہیکیو کھ بُوزناو تھ زرِپَن آلو۔ خصوصاً یلہ تم توہہ کُن تھر پھر تھ توہہ نشہ دُور ژلان آسن وَمَآ اَنْتَ بِهٰدِ الْعُمْیِ عَنْ ضَلٰلَتِهِمْ بیہ نہ حض ہیکو نہ تُہہ وَتھ ہاوِتھ انیین یلہ تہن وَتھ راومژ آسہ اِنْ تُسْمِعُ اِلَّا مَنْ يُّؤْمِنُ بِاٰيٰتِنَا فَهُمْ مُّسْلِمُوْنَ تُہہ ہیکیو کھ نہ

وَمَآ اَنْتَ بِهٰدِ الْعُمْیِ عَنْ ضَلٰلَتِهِمْ ؕ اِنْ تُسْمِعُ اِلَّا مَنْ یُّؤْمِنُ
بِاٰیٰتِنَا فَهُمْ مُّسْلِمُوْنَ ﴿٥٣﴾ ع اَللّٰهُ الَّذِیْ خَلَقَكُمْ مِّنْ ضُعْفٍ
ثُمَّ جَعَلَ مِنْ بَعْدِ ضُعْفٍ قُوَّةً ثُمَّ جَعَلَ مِنْ بَعْدِ قُوَّةٍ
ضُعْفًا وَّشَیْبَةً ؕ یَخْلُقُ مَا یَشَآءُ ۚ وَهُوَ الْعَلِیْمُ الْقَدِیْرُ ﴿٥٤﴾
وَیَوْمَ تَقُوْمُ السَّاعَةُ یُقْسِمُ الْمُجْرِمُوْنَ ۙ۬ مَا لَبِثُوْا غَیْرَ سَاعَةٍ ؕ
كَذٰلِكَ كَانُوْا یُؤْفَكُوْنَ ﴿٥٥﴾ وَقَالَ الَّذِیْنَ اُوْتُوا الْعِلْمَ وَ
الْاِیْمَانَ لَقَدْ لَبِثْتُمْ فِیْ كِتٰبِ اللّٰهِ اِلٰی یَوْمِ الْبَعْثِ ۫ فَهٰذَا

---

بوزه نا ۽ تهُ مگر ڄم پڙهه کران ڇو ته سائين آيا تن۔ تڏهن ڇو سائين ڳُمن گردن داره ونِ ڀيله ڄم لوڪ مُشابه
ڇهه مُردن ته زرين ٻُس مَه ٿيا وڃهه توقع ته برانته ايمانچ تمن نشه نه مه کهيو تهنده ايمان نه انه ڳُنگ ڪانهه
غم اَللّٰهُ الَّذِیْ خَلَقَكُمْ مِّنْ ضُعْفٍ ثُمَّ جَعَلَ مِنْ بَعْدِ ضُعْفٍ قُوَّةً ثُمَّ جَعَلَ مِنْ بَعْدِ قُوَّةٍ ضُعْفًا
وَّشَیْبَةً معبودِ برحق ڇهه سي ذاتِ پاڪ ڄم تهه پيده ڪرنوه ڪمزوري هندِ س حالتس منز سو گيه انسانه سنز ابتدائي
حالتهِ لوڪه چارچ حالتهِ تو پته ڪورنوه تمهِ ڪمزوري پته قوت ته طاقت عطا يعني جواني تمه قوته پته ڪرنوه بيه ڪمزوري ته
بجر عطا يَخْلُقُ مَا یَشَآءُ وَهُوَ الْعَلِیْمُ الْقَدِیْرُ سُه يه يژهان ڇهه ته ڇهه پيده ڪران۔ پر ينتهِ تصرّفس ڇهه
سُه پور زانان۔ تته تصرّفه ڪس جاري ته نافذ ڪرنس پيٺهه ڇُهه پور قُدرت تهاوان۔ سُي ڇُهه سُورے زانه
دن پُور قدر ته وول وَیَوْمَ تَقُوْمُ السَّاعَةُ یُقْسِمُ الْمُجْرِمُوْنَ مَا لَبِثُوْا غَیْرَ سَاعَةٍ كَذٰلِكَ كَانُوْا یُؤْفَكُوْنَ
تمهِ دوهه قيامت قايم سپدِه ڪافر ته نافرمان لوکه هاون تمهِ ڏُڪهِ هولناڪ حالات وڇهه قسم ڪه قيامت
آيه سيٺهاه جلد۔ اِس رودِنه قبرن اندر يعني عالم برزخس اندر مگر اڪس گرِه ته اڪس ساعتس۔ ينتهه پاٺهه اِس
نا تمِ دُنياهس منز ته وُلته پڪان يعني دنياهس منز ته آسِ تمِ لوکه غلط خيالات دِلن منز جماوِ تهه پهر تهِ ڪُتهه
كران وَقَالَ الَّذِیْنَ اُوْتُوا الْعِلْمَ وَالْاِیْمَانَ لَقَدْ لَبِثْتُمْ فِیْ كِتٰبِ اللّٰهِ اِلٰی یَوْمِ الْبَعْثِ تمن مُجرمن

يَوْمُ الْبَعْثِ وَلٰكِنَّكُمْ كُنْتُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ ﴿٥٦﴾ فَيَوْمَئِذٍ لَّا يَنْفَعُ
الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مَعْذِرَتُهُمْ وَلَا هُمْ يُسْتَعْتَبُوْنَ ﴿٥٧﴾ وَلَقَدْ
ضَرَبْنَا لِلنَّاسِ فِيْ هٰذَا الْقُرْاٰنِ مِنْ كُلِّ مَثَلٍ ۭ وَلَىِٕنْ جِئْتَهُمْ
بِاٰيَةٍ لَّيَقُوْلَنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِنْ اَنْتُمْ اِلَّا مُبْطِلُوْنَ ﴿٥٨﴾

---

وٽن تمِ لوکھ يمن علم تہ ايمان عطا کرنہ آمت آسہِ يعني باايمانن يمن شريعتہ کين چيزن هنز پتہ چُھہ اے کافرو تُہہ ٹھہرے وہ قبرن اندر خدايہ سندِہ ليکھتمہ تہ مُقرر کرمتہ وقتہ مُوجب برابر قيامتہ کِس دُوهس تان فَهٰذَا يَوْمُ الْبَعْثِ وَلٰكِنَّكُمْ كُنْتُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ يکيا چُھہ ازوارہ کارہ قيامتُک دوہ مگر تُہہ کِتہ آسوہ يمہ دُہک يقين تھاوان بلکہ آسوہ تکذيب تہ اِنکار کران تمی اِنکارہ کہ شامتہ چھُوہ از پريشان فَيَوْمَئِذٍ لَّا يَنْفَعُ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مَعْذِرَتُهُمْ وَلَا هُمْ يُسْتَعْتَبُوْنَ پس ديہ نہ تمہ دوہہ کانہہ نفع تہ فائدہ تمن لوکن يمو شرکہ تہ کُفرہ سيت پانس ظلم کور عذر کرن نہيہ تمن نشہ عذر پيش کرنُک تہ تُوبہ کرنک ياخدايس راضی کرہ نُک مُطالبہ کرنہ کيازِہ تمُک وقت آسہِ گذريومُت۔ وَلَقَدْ ضَرَبْنَا لِلنَّاسِ فِيْ هٰذَا الْقُرْاٰنِ مِنْ كُلِّ مَثَلٍ بيہ کرہ اَسہِ بيان يتھ قرآن مجيدس منز لوکن فکرہ تارنہ خاطرہ بيہ تمن هدايت بنہ خاطرہ پر يتھ قسمچہ مثالہ تہ پريتھ قسمک مضامين يم پنہ کمالِ بلاغتہ سببہ مقتضی آس کہ يمن کافرن بنہ ہا هدايت مگر نہايت بُغض وعنادہ سببہ گورنہ تموسہ قبول۔ تمی سپدُنہ تمن کانہہ فائدہ حاصل۔ وَلَىِٕنْ جِئْتَهُمْ بِاٰيَةٍ تو پتہ هرگاہ تُہہ يارسول اللہ تمن نِشہِ اَنو تمو معجزو اندرہ کانہہ مُعجزاہ يمن هنز تمِ فرمائش چھہ کران لَّيَقُوْلَنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِنْ اَنْتُمْ اِلَّا مُبْطِلُوْنَ تُوتہِ وَنن ضرور کافر کہ تُہہ ساری

كَذٰلِكَ يَطْبَعُ اللّٰهُ عَلٰى قُلُوْبِ الَّذِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ ۝٥٩ فَاصْبِرْ
اِنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ وَّلَا يَسْتَخِفَّنَّكَ الَّذِيْنَ لَا يُوْقِنُوْنَ ۝٦٠ ع

---

چھوہ اَپزیار كَذٰلِكَ يَطْبَعُ اللّٰهُ عَلٰى قُلُوْبِ الَّذِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ تتھے پاٹھ چھ اللہ تعالیٰ نادانن ہندین دِلن پیٹھ مُہر کران یعنی روز بروز چھُہ تہندہ قبول کرنک اِستعداد سُست تہ ضعیف سپدان بُغض و عنادُک قوت قوی سپدان فَاصْبِرْ اِنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ وَّلَا يَسْتَخِفَّنَّكَ الَّذِيْنَ لَا يُوْقِنُوْنَ پس کرِو تُہہ یارسول اللہ تہندس تکلیفس تہ ایذاءس پیٹھ صبر پزٕ پاٹھ اللہ تعالیٰ اَن یَس یاری ہند وعدہ توہہ سیت کورمُت چھُہ سُو چھُہ حق تہ پوزیم مُنکرین قیامت مہ سپدن باعث توہہ بے صبری کرنس پیٹھ۔



## سُوْرَةُ لُقْمٰنَ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ
الٓمّٓ ﴿١﴾ تِلْكَ اٰيٰتُ الْكِتٰبِ الْحَكِيْمِ ﴿٢﴾ هُدًى وَّرَحْمَةً لِّلْمُحْسِنِيْنَ ﴿٣﴾
الَّذِيْنَ يُقِيْمُوْنَ الصَّلٰوةَ وَيُؤْتُوْنَ الزَّكٰوةَ وَهُمْ بِالْاٰخِرَةِ هُمْ
يُوْقِنُوْنَ ﴿٤﴾ اُولٰٓئِكَ عَلٰى هُدًى مِّنْ رَّبِّهِمْ وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُوْنَ ﴿٥﴾
وَمِنَ النَّاسِ مَنْ يَّشْتَرِيْ لَهْوَ الْحَدِيْثِ لِيُضِلَّ عَنْ سَبِيْلِ
اللّٰهِ بِغَيْرِ عِلْمٍ ۖ وَّيَتَّخِذَهَا هُزُوًا ۭ اُولٰٓئِكَ لَهُمْ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ ﴿٦﴾
وَاِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِ اٰيٰتُنَا وَلّٰى مُسْتَكْبِرًا كَاَنْ لَّمْ يَسْمَعْهَا كَاَنَّ

---

الٓمّٓ یم چھ حروفِ مُقطعات۔ تمن ہند معنی زانہ پانہ خدا تِلْكَ اٰيٰتُ الْكِتٰبِ الْحَكِيْمِ یم آیات چھ محکم تہ مضبوط کتابہ ہند هُدًى وَّرَحْمَةً لِّلْمُحْسِنِيْنَ یُوسہ کتاب بڈ ہدایت تہ بڈ رحمت چھ نیکو کارن ہندِ خاطرہ الَّذِيْنَ يُقِيْمُوْنَ الصَّلٰوةَ وَيُؤْتُوْنَ الزَّكٰوةَ وَهُمْ بِالْاٰخِرَةِ هُمْ يُوْقِنُوْنَ تمِ نیکو کار گیٔ تِمے یم نماز قایم تھاوان چھ بیہ یم زکوٰۃ ادا کران چھ۔ بیہ تمِ آخرتک پور یقین تھاوان چھ اُولٰٓئِكَ عَلٰى هُدًى مِّنْ رَّبِّهِمْ وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُوْنَ تِمے چھ پننِس پروردگارہ سنزِ سیزِ وَتہ پیٹھ۔ بیہ چھ تِمے کامیاب تہ رستگار وَمِنَ النَّاسِ مَنْ يَّشْتَرِيْ لَهْوَ الْحَدِيْثِ لِيُضِلَّ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بِغَيْرِ عِلْمٍ بیہ چھ لوکو اندرہ بعضی لوکھ تمہ قسمک یم عملی چھ ہیوان قرآنِ مجیدہ نشہ اعراض کرتھ واہیات تہ فضول قصہ یتھ لوکن تم ڈالن فضول کتھہ ون ون خدایہ سنزِ وتہ نشہ نادانی سیت وَّيَتَّخِذَهَا هُزُوًا بیہ زانہ تتھ اکھ ٹھٹھاہ اُولٰٓئِكَ لَهُمْ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ تِمے لوکھ گیٔ تمِ یہندہ خاطرہ خوار کرہ ون عذاب چھ۔

فِیۡۤ اُذُنَیۡهِ وَقۡرًا ۚ فَبَشِّرۡهُ بِعَذَابٍ اَلِیۡمٍ ۝۷ اِنَّ الَّذِیۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا
الصّٰلِحٰتِ لَهُمۡ جَنّٰتُ النَّعِیۡمِ ۝۸ خٰلِدِیۡنَ فِیۡهَا ؕ وَعۡدَ اللّٰهِ حَقًّا ؕ

وَاِذَا تُتۡلٰی عَلَیۡهِ اٰیٰتُنَا وَلّٰی مُسۡتَكۡبِرًا كَاَنۡ لَّمۡ یَسۡمَعۡهَا كَاَنَّ فِیۡۤ اُذُنَیۡهِ وَقۡرًا فَبَشِّرۡهُ بِعَذَابٍ اَلِیۡمٍ بیہ یلہِ پرنہ یوان چھِ تِمس پیٹھ سانِ آیات تھر پھر تھ چھ ژلان تکبر ہ سان زن نہ بوزنے۔ زن تہندین کنن دون زراوس۔ پس خبر دیوتس کڈرہ عذابچ۔ یمہِ آیہ ہٕ کریمک شانِ نزول چھ کہ اکھ شخصاہ اوس کافرن ہندیوز ٹھیواندرہ یُس نضر بن حارث ناواُوس۔ سہٕ اُوس گرٛھان ملک فارسٕس کُن تجارتہ خاطرہ تہ اُوس تتہ کِین پادشٲہن ہند قصہٕ تہ تاریخ مَثل ہیوان۔ تو پتہ اوس قریشن اندر بہتھ ونان کہ محمد صلی اللہ علیہ وسلم چھُ تو ہہ ونان عادو ثمودن ہند قصہٕ ولو بہ بوزہ ناووہ رُستم اِسفندیار بیہ عجمی پادشٲہن ہند قصہٕ۔ بعضے لوکھ آسہٕ دلچسپی سان تم قصہ بوزان۔ بیہ اس ام مثل ہژ مژا کھ گیون واجن کنیزاہ۔ تو پتہ یلہ وچھان اُوس کانسہ شخصس اسلامس کن مائل سپدان اَتی اُوس امس کنیزہ تس نِش سوزان۔ تس کنیزہ اوس ونان زہ کھیاون چاوٕن بیہ شخص بیہ بوزہ ناون پٔنن گیون تو پتہ اوس تس شخصس ونان وچھان پھُھکھ حال۔ ژہ وتہ یتھہ چھُ لطف یِنہ تتھ یتھ کُن محمد صلی اللہ علیہ وسلم لوکن نادِ دوان چھُ۔ تم چھ ونان نماز پرِو، روزہ دار روزو، زو ژٹو دینس پتھ چنانچہ اَتھ پیٹھ سپدیم آیاتِ کریمہ نازل یمن آیاتِ کریمن منز چھُ اللہ تعالیٰ ذکر کران تِمن شقین ہنز حالتھ یم پننہ جہالت و شقاوتہ مُوکھہ قرآنِ کریمہ نِشہ اعراض کرتھ نژن گیون لہو ولعب تماشہ وچھن یا بیہ واہیات و خرافات بوزنس منز مستغرق آسہٕ تم چھ کوشش کران کہ بین لوکن تہ ڈالن یمنی کامین سیتِ مشغول کرتھ خدایہ سندہ دِینہ نِشہِ دِینہ چَن تِھن پیٹھ چھ ٹھٹھہ تہ مذاق کران حضرت حسن بصری چھِ فرماوان لہو الحدیثس مُتعلق کہ یُس چیز ژہ ڈالی خدایہ سندہ عبادتہ نِشہِ مثلاً قصہ ونن یا بوزن ٹھٹھہ مسخری کرن گیون تہ باجہ بوزن بیہ سورے گوو داخل لہو الحدیثس منز شانِ نزول یمہِ آیہ کریمک اگرچہ خاص چھ مگر حکم چھ عام۔ یُس لہو ولعب یا یُوسہ کام دین اسلامہ نشہ یا احکام اسلامو نشہ پتھ رٹنک باعث سپدہ سہٕ چھُ حرام اِنَّ الَّذِیۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ لَهُمۡ جَنّٰتُ النَّعِیۡمِ بے شک یمو لوکو ایمان اون تہ رژہ عملہ کریکھ تہندہ خاطرہ چھ نعمژن ہند جنت خٰلِدِیۡنَ فِیۡهَا تِمے جنتن منز روزن ہمیشہ۔ وَعۡدَ اللّٰهِ حَقًّا یہ چھُ خدایہ سُند پوز وعداہ

وَهُوَ الْعَزِيزُ الْحَكِيمُ ﴿٩﴾ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ بِغَيْرِ عَمَدٍ تَرَوْنَهَا وَاَلْقٰى
فِي الْاَرْضِ رَوَاسِيَ اَنْ تَمِيدَ بِكُمْ وَبَثَّ فِيهَا مِنْ كُلِّ دَآبَّةٍ
وَاَنْزَلْنَا مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَاَنْۢبَتْنَا فِيهَا مِنْ كُلِّ زَوْجٍ كَرِيمٍ ﴿١٠﴾
هٰذَا خَلْقُ اللّٰهِ فَاَرُوْنِي مَاذَا خَلَقَ الَّذِينَ مِنْ دُوْنِهٖ بَلِ
الظّٰلِمُوْنَ فِي ضَلٰلٍ مُّبِينٍ ﴿١١﴾ وَلَقَدْ اٰتَيْنَا لُقْمٰنَ الْحِكْمَةَ اَنِ اشْكُرْ
لِلّٰهِ وَمَنْ يَّشْكُرْ فَاِنَّمَا يَشْكُرُ لِنَفْسِهٖ وَمَنْ كَفَرَ فَاِنَّ اللّٰهَ غَنِيٌّ

---

وَهُوَ الْعَزِيزُ الْحَكِيمُ سُہ چُھ غالب تہٕ حکمتہٕ ووٚل خَلَقَ السَّمٰوٰتِ بِغَيْرِ عَمَدٍ تَرَوْنَهَا تمی
پروردگارن کرٕ پیدہ آسمان تھمو ورای۔ یُس تُہہ تہٕ وچھان چھوہ وَاَلْقٰى فِي الْاَرْضِ رَوَاسِيَ اَنْ
تَمِيدَ بِكُمْ بیہ تھوتمِ زمینس پیٹھ بڈ بڈ کوہ لنگرٕ ہی یتھ نہٕ سُو زمین توہہ لوکن ہیتھ ہُون کن نمہ وو تل بجہ
کرہ۔ وَبَثَّ فِيهَا مِنْ كُلِّ دَآبَّةٍ بیہ تراوِن چھکرِت اَتھ زمینس منز پرِیتھ قسمک جانور وَاَنْزَلْنَا مِنَ
السَّمَآءِ مَآءً فَاَنْۢبَتْنَا فِيهَا مِنْ كُلِّ زَوْجٍ كَرِيمٍ بیہ کورٕ اَسہِ نازل آسمانکہ طرفہ رود توپتہ کھار اَسہِ تمہِ
زمینہ منزہ پرِیتھ قسمک نباتات جورہ جورہ۔ رتِ رتِ چیز هٰذَا خَلْقُ اللّٰهِ فَاَرُوْنِي مَاذَا خَلَقَ الَّذِينَ
مِنْ دُوْنِهٖ یہٕ فرماویو کھ اَسے لوکو یہ گیہ خدایہ سنز پیدائیش۔ پس ہاو توہہ مہ خدایس ورای یم
معبودانِ باطِل تُہہ مقرر کران چھوکھ تمو کیاہ کور پیدہ تاآینکہ یُوزنہ اِیہ ہاتہنز کیازہ گژھہ پرستش کرنِ
بَلِ الظّٰلِمُوْنَ فِي ضَلٰلٍ مُّبِينٍ بلکہ چھ ظالم ننہٕ گمراہی اَندر مُبتلا وَلَقَدْ اٰتَيْنَا لُقْمٰنَ الْحِكْمَةَ اَنِ اشْكُرْ لِلّٰهِ
وَمَنْ يَّشْكُرْ فَاِنَّمَا يَشْكُرُ لِنَفْسِهٖ وَمَنْ كَفَرَ فَاِنَّ اللّٰهَ غَنِيٌّ حَمِيدٌ بیہ کورٕ اَسہِ عطا لقمٰن علیہ السلامس گاٹہ
جار۔ سُہ گو و علم و عمل توپتہ فرمووس اَسہِ کہ شُکر دِپ خدایس تہنزن سارِنے نعمژن پیٹھ خصوصاً
حکمتس پیٹھ یُو سہ بڈ نعمت چھہ کیازہ یُس خدایہ سنز شُکر گذاری چھہ کران تس چھہ تمیُک فائدہ پنہٕ نس
پانس۔ یعنی نعمتس اندر زیادتی سپدِن یُس کفرانِ نعمت چھہ کران سُہ چھہ پنہٕ ئے نقصان کران۔ پس بے
شک اللہ تعالیٰ چھہ بے نیاز سُہ چھنہٕ۔ محتاج کانسہِ ہنزہ شکر گذاری ہُنٛ۔ سُہ چھ حمد دِپنہٕ آمُت۔ چونکہ

حَمِيدٌ ﴿١٢﴾ وَإِذْ قَالَ لُقْمَانُ لِابْنِهِ وَهُوَ يَعِظُهُ يَا بُنَيَّ لَا تُشْرِكْ بِاللَّهِ
إِنَّ الشِّرْكَ لَظُلْمٌ عَظِيمٌ ﴿١٣﴾ وَوَصَّيْنَا الْإِنْسَانَ بِوَالِدَيْهِ حَمَلَتْهُ
أُمُّهُ وَهْنًا عَلَىٰ وَهْنٍ وَفِصَالُهُ فِي عَامَيْنِ أَنِ اشْكُرْ لِي وَلِوَالِدَيْكَ
إِلَيَّ الْمَصِيرُ ﴿١٤﴾ وَإِنْ جَاهَدَاكَ عَلَىٰ أَنْ تُشْرِكَ بِي مَا لَيْسَ لَكَ

---

لقمان علیہ السلامس آیہ حکمت عطا کرنہ یُس سپدُ ثابت کہ تمِ چھہ حکیم تہٕ دانا۔ تِتھس حکیمہ سنز تعلیم چھہ قابل عمل۔ لہذا کرو بیان تِمہنز و تعلیما تو اندرہ کینہہ وَإِذْ قَالَ لُقْمَانُ لِابْنِهِ وَهُوَ يَعِظُهُ يَا بُنَيَّ لَا تُشْرِكْ بِاللَّهِ إِنَّ الشِّرْكَ لَظُلْمٌ عَظِيمٌ بیہ یلہ لقمان علیہ السلامَن پننہ نِس پچوس وعظ و نصیحت کران دُوپ گو بُراتھ چھہ یہے کہ شریک ٹھہراوزنہ معبودِ برحقس سُنہ قسمہ پزِپاٹھ تَس شریک ٹھہراون چھہ بُوڈ ظلم وَوَصَّيْنَا الْإِنْسَانَ بِوَالِدَيْهِ بیہ کورآسہٕ تاکیدی حکم اِنسانس مالس ماجہ ہندہ حقہ کہ پرتھ حالس اندر گژھہ تِہندِ ادب تہٕ رعایت ملحوظ تھاوُن۔ کیازہ تمو چھہ امِس بچہ سندِہ خاطرہ واریاہ مشقت تہٕ تکلیف تُلمت خصوصاً ماجہ چنانچہ حَمَلَتْهُ أُمُّهُ وَهْنًا عَلَىٰ وَهْنٍ وَفِصَالُهُ فِي عَامَيْنِ تُل یہِ اِنسان تم سنزہ ماجہ پننہِ یڈ منز۔ ضعفس پیٹھ ضعف تہٕ تکلیفس پیٹھ تکلیف برداشت کرِتھ وَون ریتن۔ اکھ اوُس یڈ منز تُلنک تکلیف تو پتہ پریسنک تکلیف، دود چاونک تلنہ تراونک تکلیف۔ راتس دوہس پنن آرام تہٕ آسایش راوہ ران امِس للہ وان تہٕ سُلہ وان تو پتہ چھہ امِس بچہ سندہ دود ژٹہ نک مدت دون وریَن تام یمن دون وریَن تہٕ چھہ یہ مُوج امِس بچس مشفقانہ خدمت کران۔ تھ مالِ سُند تہٕ چھہ آسان اِشتراکِ عمل۔ موج چھس کوچھہ منزہ تراوان تہٕ مول چھس تُلان۔ مُول چھس تراوان تہٕ موج چھس تُلان یم دوہ شُوے چھس لولہ متہ لاے کران۔ امی موکھ کورآسہٕ پننہ نین حقوقن سیتِ مالس ماجہ ہند حق اداکرنک حکم امِس انسانس پیٹھ أَنِ اشْكُرْ لِي وَلِوَالِدَيْكَ میہ فرموو امِس انسانس کہ کرِ ژِہ شُکر گذاری۔ اکھ میانِ بیہ کرزِہ یہ شکرگذاری پننہ نس مالسِ ماجہ ہنز اللہ تعالٰے سنز شکر گزاری گیہ عبادت و اطاعتہ سیتِ مالسِ ماجہ ہنز شگرگزاری گیہ خدمتہ سیتِ بیہ تِہندِ حقوق ادا کرنہ سیتِ إِلَيَّ الْمَصِيرُ پتو لاکہ چھُوے نِش واتن تمہِ ساتہ یتھ ووُمت آسیتھ تِتھ لونکھ باوجود ایکہِ مالسِ ماجہ ہُند حق چھہ سیٹھاہ بوڈ مگر توحید ک

بِهٖ عِلْمٌ فَلَا تُطِعْهُمَا وَصَاحِبْهُمَا فِي الدُّنْيَا مَعْرُوفًا وَّاتَّبِعْ
سَبِيلَ مَنْ أَنَابَ إِلَيَّ ثُمَّ إِلَيَّ مَرْجِعُكُمْ فَأُنَبِّئُكُمْ بِمَا كُنْتُمْ
تَعْمَلُونَ ﴿۱۵﴾ يٰبُنَيَّ إِنَّهَا إِنْ تَكُ مِثْقَالَ حَبَّةٍ مِّنْ خَرْدَلٍ
فَتَكُنْ فِي صَخْرَةٍ أَوْ فِي السَّمٰوٰتِ أَوْ فِي الْأَرْضِ يَأْتِ بِهَا
اللّٰهُ إِنَّ اللّٰهَ لَطِيفٌ خَبِيرٌ ﴿۱۶﴾ يٰبُنَيَّ أَقِمِ الصَّلٰوةَ وَأْمُرْ
بِالْمَعْرُوفِ وَانْهَ عَنِ الْمُنْكَرِ وَاصْبِرْ عَلٰى مَا أَصَابَكَ ط

---

مسلہ چھُو تیتھ عظیم الشان کہ وَإِنْ جَاهَدَاكَ عَلٰى أَنْ تُشْرِكَ بِي مَا لَيْسَ لَكَ بِهٖ عِلْمٌ فَلَا تُطِعْهُمَا ہرگاہ تم دوشوے یا تمو اندرہ اکھ مجبور کرئے مہ شریک ٹھہراوُنس پیٹھ سہ چیز تیچ نہ ژہ خبرے آسی سہ کتھ مانِ زِہ نہ ژِہ کینہہ ہرگز وَصَاحِبْهُمَا فِي الدُّنْيَا مَعْرُوفًا یہ کتھ چھُ ضروری کہ دُنیاکین ضروریاتن اندر روزِہ ژہ تمن سیت رتہ طریقہ وَّاتَّبِعْ سَبِيلَ مَنْ أَنَابَ إِلَيَّ دِینہ کس معاملس اندر پکھ ژہ تس شخصہ سنزہ وتِہ یُس مِہ کُن رجوع کرہ وُن آسہِ یعنی میانین اَحکامن پیٹھ عمل کرہ وُن آسہِ۔ ثُمَّ إِلَيَّ مَرْجِعُكُمْ فَأُنَبِّئُكُمْ بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُونَ توپتہ چھُوہ توہہِ سارنے کامین کُن رجوع کرُن۔ بو کروہ توہہ سارنے خبر تمن سارنے کامین ہنز یمہ تُہہ کران آسوہ۔ لہٰذا امہ کرِو تُہہ میانس حُکمس خلاف اَمہ پتہِ چھ بیان کران۔ بیہ لقمان حکمؒ یعنی لقمان صابن فرموو پنہ نس فرزندس يٰبُنَيَّ إِنَّهَا إِنْ تَكُ مِثْقَالَ حَبَّةٍ مِّنْ خَرْدَلٍ فَتَكُنْ فِي صَخْرَةٍ أَوْ فِي السَّمٰوٰتِ أَوْ فِي الْأَرْضِ يَأْتِ بِهَا اللّٰهُ إِنَّ اللّٰهَ لَطِيفٌ خَبِيرٌ اے میانہ فرزندہ اللہ تعالیٰ سند علمِ تہ قدرت چھ تیوت کہ اگر کانسہِ ہنز عمل آسہِ آمر دانس برابر مقدارہ رکن سوی آسہِ کنہ بڈس پلس منز کھٹتھ تھاونہ آمژ تہ آسہِ آسمانن اندر لوکن لِشہِ دور کُنہِ جایہ یا آسہِ زمینس منز تل پاتال یُوت نہ کانہہ تہ واتھ ہیکہ مگر خدایہ سُند شان چھُ کہ تمو سارِوے پُوشیدہ جایو منزہ کڈِتھ انہ سہ قیامتک دوہ حسابکہ وقتہ امی اندرہ چھ سپدان تم سند کمالِ علم تہ کمالِ قدرت ثابت بیشک اللہ تعالیٰ چھ سیٹھاہ بوڈ باریک بین سارِی خبر تھاوہ وُن۔ تس چھُ پور خبر کُس چیز کتہ نس چھُ۔ يٰبُنَيَّ

إِنَّ ذَٰلِكَ مِنْ عَزْمِ الْأُمُورِ ﴿١٧﴾ وَلَا تُصَعِّرْ خَدَّكَ لِلنَّاسِ وَلَا
تَمْشِ فِي الْأَرْضِ مَرَحًا ۖ إِنَّ اللَّهَ لَا يُحِبُّ كُلَّ مُخْتَالٍ فَخُورٍ ﴿١٨﴾
وَاقْصِدْ فِي مَشْيِكَ وَاغْضُضْ مِنْ صَوْتِكَ ۚ إِنَّ أَنْكَرَ الْأَصْوَاتِ
لَصَوْتُ الْحَمِيرِ ﴿١٩﴾ أَلَمْ تَرَوْا أَنَّ اللَّهَ سَخَّرَ لَكُمْ مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَمَا
فِي الْأَرْضِ وَأَسْبَغَ عَلَيْكُمْ نِعَمَهُ ظَاهِرَةً وَبَاطِنَةً ۗ وَمِنَ النَّاسِ

---

أَقِمِ الصَّلَاةَ وَأْمُرْ بِالْمَعْرُوفِ وَانْهَ عَنِ الْمُنْكَرِ وَاصْبِرْ عَلَىٰ مَا أَصَابَكَ إِنَّ ذَٰلِكَ مِنْ عَزْمِ الْأُمُورِ
عملن متعلق فرمووُنس یہ نصیحت کہ اے میانہ فرزندہ نماز تھاو برپا۔ نماز چھہ اعلیٰ درجچ عمل بیہ آس رٹن کامین ہند اَمر کران بین لوکن تہ بیہ آس یچھ کامیو نشہِ لوکن منع کران۔ اتھ منز یُس تکلیفاہ تہ مصیبتاہ واتِ پریتھ مُصیبتس پیٹھ آس صبر کران۔ یزپاٹ یہ صبر کرن چھہ ہمتہ چو کامیو اندرہ۔ وَلَا تُصَعِّرْ خَدَّكَ لِلنَّاسِ اخلاق وعاداتن اندر فرمووُتس بیہ مہ آس لوکن نشہِ بُتھ پٔتن پھران تکبرہ سببہ وَلَا تَمْشِ فِي الْأَرْضِ مَرَحًا بیہِ مہ آس زمینہ پیٹھ پکان ڈالہ ماران تمہِ غرور و تکبرہ سان کیازہ إِنَّ اللَّهَ لَا يُحِبُّ كُلَّ مُخْتَالٍ فَخُورٍ بے شک اللہ تعالیٰ چھُنہ پسند کران کانسہِ مغرورس یُس تھیکان آسہ وَاقْصِدْ فِي مَشْيِكَ وَاغْضُضْ مِنْ صَوْتِكَ بیہ آس میانہ رَوی کران پنہ نِس پکنس اندر تہ مہ آس دور تلتھ پکان تہ چھُ اکھ وقارس خِلاف بیہ چھ تتھ اندر ذَب لگنک خطرہ نہ مہ آس تولِ تولِ پکان یہ چھُ مُتکبرن ہنز چال۔ بیہ کرپست آواز پٔن کریکھ مہ آس لاگان۔ إِنَّ أَنْكَرَ الْأَصْوَاتِ لَصَوْتُ الْحَمِيرِ یزپاٹ آواز اندرہ چھُہ یچھ آواز کھرِہ سنز آواز۔ یتھ اندر نہ کانہہ فائدہ چھُہ۔ لہٰذا انسان آستھ مہ بَن کھر حضرتِ عکرمہ تہ حضرتِ لیث چھ فرماوان کہ لقمان علیہ السلام آسِ نبی۔ مگر حکیم ترمذی چھہِ نوادرس منز مرفوع اکھ حدیثِ شریفاہ پیش کران کہ لقمان علیہ السلامَس آئے یہ خلافت پیش کرنہ داوٗد علیہ السلامس برونٹھ مگر تمو ذوپ ہرگاہ حُکم چھُم تیلہ چھُم منظور بسرو چشم۔ ہرگاہ میانہ مرضی مُوجب چھہ تیلہ چھُس بہ معافی منگان چنانچہ پتہ آیہ سَہ خلافت عطا کرنہ چنانچہ یہ روایت چھُہ دُرِ منثورس اندر۔ اکثر علماء چھہ فرماوان کہ حضرتِ لقمان چھہ آسمتِ حبشکِ رُوزَن وال أَلَمْ تَرَوْا أَنَّ اللَّهَ سَخَّرَ لَكُمْ مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَمَا فِي الْأَرْضِ وَأَسْبَغَ

مَنْ يُّجَادِلُ فِي اللّٰهِ بِغَيْرِ عِلْمٍ وَّلَا هُدًى وَّلَا كِتٰبٍ مُّنِيْرٍ ﴿۲۰﴾ وَ
اِذَا قِيْلَ لَهُمُ اتَّبِعُوْا مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ قَالُوْا بَلْ نَتَّبِعُ مَا وَجَدْنَا
عَلَيْهِ اٰبَآءَنَا ۭ اَوَلَوْ كَانَ الشَّيْطٰنُ يَدْعُوْهُمْ اِلٰى عَذَابِ السَّعِيْرِ ﴿۲۱﴾
وَمَنْ يُّسْلِمْ وَجْهَهٗٓ اِلَى اللّٰهِ وَهُوَ مُحْسِنٌ فَقَدِ اسْتَمْسَكَ
بِالْعُرْوَةِ الْوُثْقٰى ۭ وَاِلَى اللّٰهِ عَاقِبَةُ الْاُمُوْرِ ﴿۲۲﴾ وَمَنْ كَفَرَ فَلَا
يَحْزُنْكَ كُفْرُهٗ ۭ اِلَيْنَا مَرْجِعُهُمْ فَنُنَبِّئُهُمْ بِمَا عَمِلُوْا ۭ اِنَّ اللّٰهَ

---

عَلَيْكُمْ نِعَمَهٗ ظَاهِرَةً وَّبَاطِنَةً کیاہ توہہ چھوٗہ نا مشاہدہ سیت تہٕ دلیلو سیت یہ کتھ معلوم کہ اے اللہ تعالیٰ ان چھہٕ بواسطہٕ یا بلاواسطہ کامہٕ لاگمتِ مسخر تہٕ رام کرِمتِ تہنٛدِہ فائدہ خاطرہ تم ساری چیزیم آسمانن بیہ زمین منز چھہٕ۔ بیہ کرین پننہ نعمژ پوٗرہ توہہ پیٹھ۔ ظاہری تہٕ نعمژ تہٕ۔ تمہ نعمژ یمہ ظاہری حواسو سیت ژینہ یوان چھہ باطنی تہٕ پوشیدہ نعمژ تہٕ یمہ نعمژ عقلہ سیتِ ژینہ یوان چھہٕ۔ وَمِنَ النَّاسِ مَنْ يُّجَادِلُ فِي اللّٰهِ بِغَيْرِ عِلْمٍ وَّلَا هُدًى وَّلَا كِتٰبٍ مُّنِيْرٍ باوجودِ آن چھہٕ لوکو اندرہ بعضی تم لوکھ یِم بحث تہٕ جگڑہ چھہ لاگان خدایہ سندِ س کُن آسنہ کِس معاملس اندر علمہ ورائے واقفیہ ورائے تہٕ کُنہ دلیلہ ورائے بیہ کُنہ روشن کتابہ ہندہ حوالہ ورائے۔ وَاِذَا قِيْلَ لَهُمُ اتَّبِعُوْا مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ قَالُوْا بَلْ نَتَّبِعُ مَا وَجَدْنَا عَلَيْهِ اٰبَآءَنَا تو پتہٕ یلہ وننہ یوان چھہ تمن پیروی کرِ و تتھ حکمس یُس اللہ تعالیٰ ان نازل کورمت چھہ نہ بلکہ کرو اس پیروی تتھ طریقس یتھ پیٹھ اَسہِ پنن مالِ بڈبب عمل کران ؤچھ اَوَلَوْ كَانَ الشَّيْطٰنُ يَدْعُوْهُمْ اِلٰى عَذَابِ السَّعِيْرِ کیا ہرگاہ تہندین مالین بُڈبَن شیطان نادِ دوان اُوس تتھ گمراہی کُن یُس نارہ کِس عذابس موجب اوس تو تہٕ کرن نہ تم تہنز پیروی وَمَنْ يُّسْلِمْ وَجْهَهٗٓ اِلَى اللّٰهِ وَهُوَ مُحْسِنٌ فَقَدِ اسْتَمْسَكَ بِالْعُرْوَةِ الْوُثْقٰى وَاِلَى اللّٰهِ عَاقِبَةُ الْاُمُوْرِ بیہ یُس اکھاہ پزیوک اتباع کرتھ پتر اوہ پنن پان معبودِ برحقس یتھ حالس منز کہ سُہ آسہِ رژہ کامہ کرہ ڈن اوہ تمی کرتھچھ مُحکم رزہ۔ تمی کر زورہ تھپ مضبوط ہانکلہٕ۔ پتو لا کہ چھہ سارے کامہٕ تہٕ سارنے کامین ہند انجام خدایہ سے نِشہٕ واتُن وول۔ وَمَنْ كَفَرَ فَلَا يَحْزُنْكَ

عَلِيمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُورِ ﴿٢٣﴾ نُمَتِّعُهُمْ قَلِيلًا ثُمَّ نَضْطَرُّهُمْ إِلَىٰ
عَذَابٍ غَلِيظٍ ﴿٢٤﴾ وَلَئِن سَأَلْتَهُم مَّنْ خَلَقَ السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضَ
لَيَقُولُنَّ اللَّهُ ۚ قُلِ الْحَمْدُ لِلَّهِ ۚ بَلْ أَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُونَ ﴿٢٥﴾ لِلَّهِ مَا
فِي السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ ۚ إِنَّ اللَّهَ هُوَ الْغَنِيُّ الْحَمِيدُ ﴿٢٦﴾ وَلَوْ أَنَّمَا
فِي الْأَرْضِ مِن شَجَرَةٍ أَقْلَامٌ وَالْبَحْرُ يَمُدُّهُ مِنۢ بَعْدِهِ

---

كُفْرُهُ إِلَيْنَا مَرْجِعُهُمْ فَنُنَبِّئُهُم بِمَا عَمِلُوا إِنَّ اللَّهَ عَلِيمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُورِ بیہ یم شخصن باوجود ایں وضاحت کُفر تہ اِنکارے کور تِہند کُفر تہ اِنکار مہ حض کرِن توہہ غم گین تہ آزردہ اسیِ نشہِ چھہ واتُن رجوع کرن تِمن سارِنے۔ اس کروکھ خبر دار تِم تمو سارِوے کامیو سیتِ یمہِ تِم دنیاہس منز کران آس۔ بے شک اللہ تعالیٰ چھہ پور زانان تمہ سارے کتھہ یمہ دِلن منز کھٹتھ تہ پوشیدہ چھہ باقی کامین ہنز چھنہ کتھے۔ نُمَتِّعُهُمْ قَلِيلًا ثُمَّ نَضْطَرُّهُمْ إِلَىٰ عَذَابٍ غَلِيظٍ تمتع تلناوو کھ اس تِم دنیاہس منز کم کینہہ کالاہ تو پتہ واتناوو کھ اس تِم جبراً سخت عذابس اندر یمہ منزہ نہ تِم نیر تھے ہیکن۔ یتھ توحیدس کُن اس تِمن نادوان چھہ تِمہِ چِن ابتدائی بعض کتھن چھہِ تِم تہ پانہ تسلیم کران چنانچہ وَلَئِن سَأَلْتَهُم مَّنْ خَلَقَ السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضَ لَيَقُولُنَّ اللَّهُ ہرگاہ تُہہ یار سول اللہ تمن پرژھو آسمان تہ زمین کم گور پادہ ضرورونن کہ اللہ تعالیٰ ان گوریادہ قُلِ الْحَمْدُ لِلَّهِ تُہہ دپو حمد یومِن خدائس کہِ یہ کتھ چھوہ توہہ فکرِہ تران۔ یُوسہِ کتھ زیادہ ضروری اس سو سپز تہندی اقرارہ سیت ثابت دویم کتھہ یُوسہ اَتھ سیتِ لازم آس کہ یُس چیز مخلوق تہ پادہ کرنہ آمت آسہِ سُہ ہیکیا معبود آستھِ۔ یہ چھوہ نہ تگان زانن بیہ چھوہ نہ تران فکرِہ بَلْ أَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُونَ مگر تِمو اندرہ چھہِ اکثر لوکھ تِمن نہ ایژہن تہ زانن تگان چھہ خدایہ سُند شان چھہ یہ کہ لِلَّهِ مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ إِنَّ اللَّهَ هُوَ الْغَنِيُّ الْحَمِيدُ خدایہ سُند چھہ تہ سُورے یہ آسمانن تہ زمین منز چھہ۔ بے شک اللہ تعالیٰ چھہ بذاتِ خود تہ بے نیاز۔ سارنے تعریفن سزاوار۔ سُی چھہ سزاوار الوہیت۔ تِمسنز خوبیہ تہ تعریف چھہِ تیت کہِ وَلَوْ أَنَّمَا فِي الْأَرْضِ مِن شَجَرَةٍ أَقْلَامٌ وَالْبَحْرُ يَمُدُّهُ مِنۢ

سَبْعَةُ اَبْحُرٍ مَّا نَفِدَتْ كَلِمٰتُ اللّٰهِ ؕ اِنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ ﴿۲۷﴾
مَا خَلْقُكُمْ وَلَا بَعْثُكُمْ اِلَّا كَنَفْسٍ وَّاحِدَةٍ ؕ اِنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌۢ بَصِيْرٌ ﴿۲۸﴾
اَلَمْ تَرَ اَنَّ اللّٰهَ يُوْلِجُ الَّيْلَ فِى النَّهَارِ وَيُوْلِجُ النَّهَارَ فِى الَّيْلِ
وَسَخَّرَ الشَّمْسَ وَالْقَمَرَ ۖ كُلٌّ يَّجْرِىْٓ اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى وَّاَنَّ اللّٰهَ
بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ ﴿۲۹﴾ ذٰلِكَ بِاَنَّ اللّٰهَ هُوَ الْحَقُّ وَاَنَّ مَا يَدْعُوْنَ

---

بَعْدِهٖ سَبْعَةُ اَبْحُرٍ مَّا نَفِدَتْ كَلِمٰتُ اللّٰهِ اِنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ بیہ ہر گاہ تمن سارنے کلین یم تمام روی زمینس پیٹھ چھہِ تمن ین بناونہ قلم سونبِ حصّہ تو پتہ آسہ سمندر میل لیکھنہ خاطرہ سیاہی اکہ سمندرہ پتہ ستہ وے سمندر تموے قلمو سیتِ تہ تمی میلہ سیت ین لیکھنہ اللہ تعالیٰ سندِ کلمات یعنی تمہ کتھ یمو سیت تہندِ کمالات ننِ پھرنہ۔ یم ساری قلم تہ یہ سارے میل گژھہ ختم مگر تمہ کتھ گژھن نہ ختم یمو سیت تمِ کمالات بیان ین کرنہ بیشک اللہ تعالیٰ چھہِ غالب سیٹھاہ حکمتہ وول۔ سُہ چھہ قدرتس اندر تہ علمس اندر تہ کامل۔ تہنزے قدرت گیہ کہ سارنے کرہِ بیہ پادہ یتھ نافہم لوکھ دشوار زانان چھہ حالانکہ مَا خَلْقُكُمْ وَلَا بَعْثُكُمْ اِلَّا كَنَفْسٍ وَّاحِدَةٍ اے لوکو توہہ سارنے ہند گوڈہ پادہ کرن بیہ مرت دوبارہ زندہ کرن چھنہ خدایس نشہِ مگر تیتھے یتھ اکس شخصہ سند ہیو پادہ کرن چھہ اِنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌۢ بَصِيْرٌ بے شک اللہ تعالیٰ چھہ سورے بوزہ ون سُورے وچھہِ ون سہ دِیہ مرنہ پتہ بیہ زندہ گژھنہ کین منکرن ضرور سزا۔ اَلَمْ تَرَ اَنَّ اللّٰهَ يُوْلِجُ الَّيْلَ فِى النَّهَارِ وَيُوْلِجُ النَّهَارَ فِى الَّيْلِ وَسَخَّرَ الشَّمْسَ وَالْقَمَرَ كُلٌّ يَّجْرِىْٓ اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى وَّاَنَّ اللّٰهَ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ کیاہ وچھان چھکھنا ژہ اے وچھ ونہ کیتھ قدرتہ وول چھہ سُہ۔ سُوی چھہ راژ ہندس اکس حِصس دوہہ کس حِصّس منز واتہ ناوان بیہ دوہ کس حصّس راژ ہندس حصّس منز واتناوان بیہ تھاو تمی آفتاب تہ زون کامہ اندر لاگتھ۔ یمو دویو اندرہ چھہ پرتھ اکھاہ پکان تتھ وقتس تانِ یُس تہندِہ خاطرہ مُقرر کرنہ آمُت چھہ۔ یعنی قیامتس تان۔ بیہ چھونا توہہ معلوم کہ اللہ تعالیٰ چھہ تہ سورُے زانان یہ تُہہ کران چھوہ توہہ چھاگُمان زہ تہنزہ شرکچہ کامہ کیا آسن تس نشہِ پوشیدہ۔ سُہ کیا دِیہ نہ

مِنْ دُوْنِهِ الْبَاطِلُ ۙ وَاَنَّ اللّٰهَ هُوَ الْعَلِیُّ الْكَبِیْرُ ﴿۳۰﴾ اَلَمْ تَرَ اَنَّ
الْفُلْكَ تَجْرِیْ فِی الْبَحْرِ بِنِعْمَتِ اللّٰهِ لِیُرِیَكُمْ مِّنْ اٰیٰتِهٖ ؕ اِنَّ فِیْ
ذٰلِكَ لَاٰیٰتٍ لِّكُلِّ صَبَّارٍ شَكُوْرٍ ﴿۳۱﴾ وَاِذَا غَشِیَهُمْ مَّوْجٌ كَالظُّلَلِ
دَعَوُا اللّٰهَ مُخْلِصِیْنَ لَهُ الدِّیْنَ ۚ۬ فَلَمَّا نَجّٰىهُمْ اِلَى الْبَرِّ
فَمِنْهُمْ مُّقْتَصِدٌ ؕ وَمَا یَجْحَدُ بِاٰیٰتِنَاۤ اِلَّا كُلُّ خَتَّارٍ كَفُوْرٍ ﴿۳۲﴾

---

توہیہ اتھہ پیٹھ سزا ذٰلِكَ بِاَنَّ اللّٰهَ هُوَ الْحَقُّ وَاَنَّ مَا یَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِهِ الْبَاطِلُ وَاَنَّ اللّٰهَ هُوَ الْعَلِیُّ الْكَبِیْرُ یمہ کتھ یعنی آسمان پادہ کرن دوہ تہ راتھ اکھ اکس منز واتہ ناون آفتاب تہ زون کامہ لاگن چھ خاص اللہ تعالیٰ سے یمہ مُوکھ کہ اللہ تعالیٰ ای چھ پننہ ہستی تہ وجودس منز کامل سے چھ واجب الوجود۔ لوکھ یمن چیزن ہنز پرستش کران چھ تس ورائے تم چھ باطل۔ بیہ چھ اللہ تعالیٰ ای عالی شان، تھود تہ بوڈ۔ تہندِس تھزرس تہ بجرس واتہ نہ کہنے اَلَمْ تَرَ اَنَّ الْفُلْكَ تَجْرِیْ فِی الْبَحْرِ بِنِعْمَتِ اللّٰهِ کیا ای مخاطب ژہ چھے نا توحیدچ یہ دلیل معلوم کہ بے شک جہاز تہ ناوہ چھ پکان دریاون اندر خدایہ سندی فضلہ سیت لِیُرِیَكُمْ مِّنْ اٰیٰتِهٖ اِنَّ فِیْ ذٰلِكَ لَاٰیٰتٍ لِّكُلِّ صَبَّارٍ شَكُوْرٍ یتھ سُہ توہہ ہاوہ پننہِ قدرتکِ نشانہ پژ پاٹھ اَتھ منز چھ قدرتکِ بڈ نشانہ صبر تہ شکر کرہ وِن سندہ خاطرہ یعنی باایمانن ہندہ خاطرہ تمے چھ مُوجن ہندہ وِدھکہ وقتہ صبر کران جہاز یا ناو بوٹھہ لگنکہ وقتہ شکر دِپان وَاِذَا غَشِیَهُمْ مَّوْجٌ كَالظُّلَلِ دَعَوُا اللّٰهَ مُخْلِصِیْنَ لَهُ الدِّیْنَ تو پتہ یلہ تمن کافرن سمندرک موج تھود گھست سایہ بانن ہندِ پاٹھے ولنہ یوان چھ تمہ ساتہ چھ منگان خدایس بندگی خالص تہندی خاطرہ امانت اعتقادہ فَلَمَّا نَجّٰىهُمْ اِلَى الْبَرِّ فَمِنْهُمْ مُّقْتَصِدٌ وَمَا یَجْحَدُ بِاٰیٰتِنَاۤ اِلَّا كُلُّ خَتَّارٍ كَفُوْرٍ تمہ پتہ یلہ اللہ تعالیٰ تمن نجات دِتھ ہشکس تل واتناوان چھ تمو منزہ چھ بعضے درمیان حالتس پیٹھ روزتھ خدایہ سُند یاد کران۔ یعنی شرک تراوتھ توحید اختیار کران مگر بعضے چھ بالکل سانین آیاتن مشراوِتھ سانین قدرتہ کین نشانن انکار کران۔ مگر تمے لوکھ یم غدار تہ کفرانِ نعمت کرہ ون چھ یٰۤاَیُّهَا النَّاسُ اتَّقُوْا رَبَّكُمْ وَاخْشَوْا یَوْمًا

يَاَيُّهَا النَّاسُ اتَّقُوْا رَبَّكُمْ وَاخْشَوْا يَوْمًا لَّا يَجْزِيْ وَالِدٌ
عَنْ وَّلَدِهٖ ۡ وَلَا مَوْلُوْدٌ هُوَ جَازٍ عَنْ وَّالِدِهٖ شَيْـًٔا ۭ اِنَّ وَعْدَ
اللّٰهِ حَقٌّ فَلَا تَغُرَّنَّكُمُ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا ۪ وَلَا يَغُرَّنَّكُمْ بِاللّٰهِ
الْغَرُوْرُ ۝٣٣ اِنَّ اللّٰهَ عِنْدَهٗ عِلْمُ السَّاعَةِ ۚ وَيُنَزِّلُ الْغَيْثَ ۚ وَ
يَعْلَمُ مَا فِي الْاَرْحَامِ ۭ وَمَا تَدْرِيْ نَفْسٌ مَّاذَا تَكْسِبُ غَدًا ۭ
وَمَا تَدْرِيْ نَفْسٌۢ بِاَيِّ اَرْضٍ تَمُوْتُ ۭ اِنَّ اللّٰهَ عَلِيْمٌ خَبِيْرٌ ۝٣٤ ۧ

---

لَا يَجْزِيْ وَالِدٌ عَنْ وَّلَدِهٖ وَلَا مَوْلُوْدٌ هُوَ جَازٍ عَنْ وَّالِدِهٖ شَيْـًٔا اي لوڪو ڪوڙو پروردگار پنهنجي پيءُ روزو ٿيندو نافرماني ڪندو جنهن تي شرڪ ۽ ڪفر ڪندو بيهه کوڙو ٿيو دوهن يمه دوهنه نه ڪانهه مولاه جواب هيڪه ڏِٺو. عذاب پٿ هيڪه رٽه پنهنجي پيچوس نشه نه هيڪه ڪانهه پچواه پٿه رٽه پنهنجي ماس نشه ڳنه قسمڪ عذاب ٻيه دوه ڇهه يوه ڏن ضرور. ڪيازه الله تعاليٰ ان ڇهه اميڪ وعده ڪورمت اِنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ پڙپاٿه الله تعاليٰ سند وعده ڇهه حق ته پوزٿو ابس ته عذابس متعلق فَلَا تَغُرَّنَّكُمُ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا وَلَا يَغُرَّنَّكُمْ بِاللّٰهِ الْغَرُوْرُ پس يٿهنه دهوڪه ديه توهه دنياءِ چ زندگي يٿه سيت مشغول روز ٿه سپدو غافل تمه دوهه نشه بيه يٿهنه خدايه سنده حقه توهه دهوڪه ديه شيطان فريب بازته دهوڪه باز اِنَّ اللّٰهَ عِنْدَهٗ عِلْمُ السَّاعَةِ وَيُنَزِّلُ الْغَيْثَ وَيَعْلَمُ مَا فِي الْاَرْحَامِ وَمَا تَدْرِيْ نَفْسٌ مَّاذَا تَكْسِبُ غَدًا وَمَا تَدْرِيْ نَفْسٌۢ بِاَيِّ اَرْضٍ تَمُوْتُ اِنَّ اللّٰهَ عَلِيْمٌ خَبِيْرٌ بي شڪ الله تعاليٰ سي ڇهه قيامت خبر ڪه سوگر سپدهِ واقع بيه ڇهه سي رود تراوان بيه ڇهه لس خبر اسباب و آلاتن هنده واسطه ورائي ڪياه ڇهه زنانن هنزن شڪمن اندر ڪور ڇها ڪنه پچو بيه ڇهنه خبر ڪانسه شخص پگاه ڳوسه ڪام ڪره به بيه ڇهنه خبر ڪانسه شخص ڪٿهه جايه منز مره ڪمه وقته بي شڪ الله تعاليٰ ڇهه سوري زانه ون لس ڇهه سارني چيزن هنز پور خبر.

# سُوْرَۃُ السَّجْدَۃِ

بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ ○

الٓمّٓ ۚ ﴿۱﴾ تَنْزِیْلُ الْکِتٰبِ لَا رَیْبَ فِیْہِ مِنْ رَّبِّ الْعٰلَمِیْنَ ﴿۲﴾ اَمْ
یَقُوْلُوْنَ افْتَرٰىہُ ۚ بَلْ ہُوَ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّکَ لِتُنْذِرَ قَوْمًا مَّآ
اَتٰىہُمْ مِّنْ نَّذِیْرٍ مِّنْ قَبْلِکَ لَعَلَّہُمْ یَہْتَدُوْنَ ﴿۳﴾ اَللّٰہُ
الَّذِیْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَمَا بَیْنَہُمَا فِیْ سِتَّۃِ اَیَّامٍ
ثُمَّ اسْتَوٰی عَلَی الْعَرْشِ ۭ مَا لَکُمْ مِّنْ دُوْنِہٖ مِنْ وَّلِیٍّ وَّلَا شَفِیْعٍ ۭ

---

الٓمّٓ یم چھہ حروفِ مُقطعات۔ یمن ہُند معنیٰ زانہِ پانہِ خدا تَنْزِیْلُ الْکِتٰبِ لَا رَیْبَ فِیْہِ مِنْ رَّبِّ الْعٰلَمِیْنَ یمہ کتابہ یعنی قرآنِ مجیدہ کِس نازل سپدنس منز چھنہ کانہہ شکھاہ یہے چھہ نازِل سپدان رُب العالمینہ سندِہ طرفہ اَمْ یَقُوْلُوْنَ افْتَرٰىہُ کیاہ مُنکر چھاونان یہ چھہ پانئے بلہ ٹھررومُت حضرت محمدن صلی اللہ علیہ وسلم۔ یہِ تہندون چھہ بالکل غلط۔ یہ چھُنہ کانسہِ بنومت بَلْ ہُوَ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّکَ لِتُنْذِرَ قَوْمًا مَّآ اَتٰىہُمْ مِّنْ نَّذِیْرٍ مِّنْ قَبْلِکَ لَعَلَّہُمْ یَہْتَدُوْنَ بلکہ چھہ یہ کتاب پزٕ پاٹھ تہندس پروردگارہ سندِہ طرفہ نازل سپزٕ مژ یتھہ تُہہ اَمہِ سیت بیم کرو پروردگارہ سندہ عذابہ نشہ تمن لوکن یمن کُن نہ توہہِ برونٹھ کانہہ پیغمبراہ بیم کرہ ؤن آمُت چھہ دیوہ تمِ لوکھ راہِ راستس پیٹھ ین اَللّٰہُ الَّذِیْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَمَا بَیْنَہُمَا فِیْ سِتَّۃِ اَیَّامٍ ثُمَّ اسْتَوٰی عَلَی الْعَرْشِ اللہ تعالیٰ گوسُی ذاتِ پاک یم آسمان تہ زمین بیہ تم مخلوقات یم تمن دون منز باگ چھہِ پادہ کرشین دوہن ہندِس مُدّتس اندر۔ تو پتہ سپد مستوی عرش پیٹھ تمہِ طریقہ یُس تہندس شانس سزاوار تہ لایق چھہ مَا لَکُمْ مِّنْ دُوْنِہٖ مِنْ وَّلِیٍّ وَّلَا شَفِیْعٍ اَفَلَا تَتَذَکَّرُوْنَ سُہ چھہ تیتھ بوڈ تہ عظیم الشان کہ تہندِہ رَضا تہ اجازتہ ورائے چھُنہ تہند

أَفَلَا تَتَذَكَّرُونَ ﴿٤﴾ يُدَبِّرُ الْأَمْرَ مِنَ السَّمَآءِ إِلَى الْأَرْضِ ثُمَّ
يَعْرُجُ إِلَيْهِ فِي يَوْمٍ كَانَ مِقْدَارُهُ أَلْفَ سَنَةٍ مِّمَّا تَعُدُّونَ ﴿٥﴾
ذَٰلِكَ عَالِمُ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ الْعَزِيزُ الرَّحِيمُ ﴿٦﴾ الَّذِي أَحْسَنَ
كُلَّ شَيْءٍ خَلَقَهُ وَبَدَأَ خَلْقَ الْإِنسَانِ مِن طِينٍ ﴿٧﴾ ثُمَّ جَعَلَ
نَسْلَهُ مِن سُلَالَةٍ مِّن مَّآءٍ مَّهِينٍ ﴿٨﴾ ثُمَّ سَوَّاهُ وَنَفَخَ فِيهِ مِن
رُّوحِهِ وَجَعَلَ لَكُمُ السَّمْعَ وَالْأَبْصَارَ وَالْأَفْئِدَةَ قَلِيلًا مَّا

---

کانهہ مددگار نہ کانهہ سفارش کرڻ وارو البته تهندہ اجازت سان شفاعت۔ مگر نصرت و مدد سندس متعلق آسہ نہ اجازت تي۔ پوءِ ڇو نہ نصيحت وٺو ٿا ته هن ذات پاڪ سان هيڪا شريڪ آهن يُدَبِّرُ الْأَمْرَ مِنَ السَّمَآءِ إِلَى الْأَرْضِ ثُمَّ يَعْرُجُ إِلَيْهِ فِي يَوْمٍ كَانَ مِقْدَارُهُ أَلْفَ سَنَةٍ مِّمَّا تَعُدُّونَ سو خدا آهي جنهن ته آسمان پيٺ زمين تائين سڀ ڪام جهه تهن سارن جو هن تدبير ۽ انتظام ڪري ٿو سو۔ تو پوءِ سان ساري معاملہ ۽ سارے ڪامہ تس بروٺ ڳن پيش ڪرنه تنهن ڏوهن اندر جنهن ڏينهن مقدار تهندہ ڳڻ رنه موجب اکهه سال وري آسہ يعني قيامت دوه ذَٰلِكَ عَالِمُ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ الْعَزِيزُ الرَّحِيمُ سو خدا آهي زانه ڏن ته سورے ڳڻٿ ڇهہ بيه يه نون ڇهہ سيٺهاه غلبه وول زبردست سيٺهاه رحمته وول الَّذِي أَحْسَنَ كُلَّ شَيْءٍ خَلَقَهُ وَبَدَأَ خَلْقَ الْإِنسَانِ مِن طِينٍ يم پروردگارن سيٺهاه رُت ڪور پريتهہ چيزاه بيه ڪور تم ابتداء انسانہ سنزه پيدا ائشہ هُند ميڙه نشہ ثُمَّ جَعَلَ نَسْلَهُ مِن سُلَالَةٍ مِّن مَّآءٍ مَّهِينٍ تو پته ڪرن پاده تهند نسل ته اولاد پشتہ منزه ڪڏنه آمتہ بے قدر ضعيف آبہ قطرہ نشہ۔ ثُمَّ سَوَّاهُ وَنَفَخَ فِيهِ مِن رُّوحِهِ وَجَعَلَ لَكُمُ السَّمْعَ وَالْأَبْصَارَ وَالْأَفْئِدَةَ قَلِيلًا مَّا تَشْكُرُونَ تو پته ڪورن ماجه هندس شڪمس منز تهند بدن برابر۔ تو پته واتہ نوون تنهن منز پهوڪه دِتهہ پنن روح۔ بيه ڪرن پاده تهندے ڳن بوزنہ خاطرہ بيه اچهہ وچهنہ خاطرہ۔ بيه دِل زاننہ خاطرہ۔ يم ساري چيز تموسيت تهنز ڪمالِ قدرت ثابت سپدان ڇهہ اس منگان تهنز شڪر گزاري ڪرين مگر سيٺهاه ڪم ڇهوه تهہ تهنز شڪر گزاري ڪران وَقَالُوٓا أَءِذَا ضَلَلْنَا فِي

تَشْكُرُوْنَ ۝۹ وَقَالُوْٓا ءَاِذَا ضَلَلْنَا فِی الْاَرْضِ ءَاِنَّا لَفِیْ
خَلْقٍ جَدِیْدٍ ۬ؕ بَلْ هُمْ بِلِقَآئِ رَبِّهِمْ كٰفِرُوْنَ ۝۱۰
قُلْ یَتَوَفّٰىكُمْ مَّلَكُ الْمَوْتِ الَّذِیْ وُكِّلَ بِكُمْ ثُمَّ اِلٰى رَبِّكُمْ
تُرْجَعُوْنَ ۝۱۱ۧ وَلَوْ تَرٰۤى اِذِ الْمُجْرِمُوْنَ نَاكِسُوْا رُءُوْسِهِمْ عِنْدَ رَبِّهِمْ ؕ
رَبَّنَاۤ اَبْصَرْنَا وَسَمِعْنَا فَارْجِعْنَا نَعْمَلْ صَالِحًا اِنَّا مُوْقِنُوْنَ ۝۱۲ وَ
لَوْ شِئْنَا لَاٰتَیْنَا كُلَّ نَفْسٍ هُدٰىهَا وَلٰكِنْ حَقَّ الْقَوْلُ مِنِّیْ

---

اَلْاَرْضِ ءَاِنَّا لَفِیْ خَلْقٍ جَدِیْدٍ قيامتِ منکر چيو ونان ڪياه يلهِ اس ميرِ ه سيتِ ميرُ گرُ ٿو ڪياه اَسهِ
ڇھانو پاده سپدن بَلْ هُمْ بِلِقَآئِ رَبِّهِمْ كٰفِرُوْنَ يم ڇھنه مرنه پته بيه زنده سپدِه نسے يُوت عجائب
زانان۔ بلکه ڇھ يم پنه نِس خدائيس سيت ملاقات کره نُس ته لتس برونٿھ گن حاضر سپد نس ته منکر قُلْ
یَتَوَفّٰىكُمْ مَّلَكُ الْمَوْتِ الَّذِیْ وُكِّلَ بِكُمْ ثُمَّ اِلٰى رَبِّكُمْ تُرْجَعُوْنَ تُهه فرماويو که يارسول الله توهه ڇھنه
معدوم سپدُن بلکه کڈه تهندين روحن ملک الموت يُس خدايه سندِه طرفه مُقرر کرنه آمت ڇھ۔
تهند روح کڈنه خاطره۔ تو پته ايو تُهه واتناونه پنه نس پروردگارس نِشهِ سُهه ديوه عملن هنز مزور۔ رڈن
هنز رڈے تيڇھن هنز تيڇھی وَلَوْ تَرٰۤى اِذِ الْمُجْرِمُوْنَ نَاكِسُوْا رُءُوْسِهِمْ عِنْدَ رَبِّهِمْ هرگاه تُهه وڇھو که يم
نافرمان تِتھ پاڻھے آسن قيامتِ دوه کله بُون گن تراو تھ پنه نس خدائيس برونٿھ کنه سخت شرمندگی اندر
تُهه وڇھو تهند عجيب حالاه ونان آسن رَبَّنَاۤ اَبْصَرْنَا وَسَمِعْنَا فَارْجِعْنَا نَعْمَلْ صَالِحًا اِنَّا مُوْقِنُوْنَ اى
سانه پروردگاره اَسهِ وڇھ تهِ ٻتھ اس اِنکار کران اِس بيه بوز اَسهِ ته سورے ٻتھ نه اِس گن تهاوان آسِ
سانه اڇھ ته گن آے مڑروانه معلوم سپد که يه کنيڑ هاه پيغمبر فرماوان آسِ ته سُوری اُوس پوز لپس سوز کھنا
ڙه اَسهِ بيه دنياءس گن اس کره هَووَنے تَتهِ رڙه عمله بيشک ڇھِ اس ووَنے پور يقين کره ون۔ مگر يه
تهندونن آسهِ تَتهِ بالکل بيکار وَلَوْ شِئْنَا لَاٰتَیْنَا كُلَّ نَفْسٍ هُدٰىهَا هرگاه اَسهِ منظور آسه ها اس کره هَو پرٻتھ
شخص هدايت دنياءس اندر ايمانس ته رڙن عملن گن وَلٰكِنْ حَقَّ الْقَوْلُ مِنِّیْ لَاَمْلَـَٔنَّ جَهَنَّمَ مِنَ

لَاَمۡلَـَٔنَّ جَهَنَّمَ مِنَ الۡجِنَّةِ وَالنَّاسِ اَجۡمَعِيۡنَ ﴿۱۳﴾ فَذُوۡقُوۡا بِمَا
نَسِيۡتُمۡ لِقَآءَ يَوۡمِكُمۡ هٰذَا ۚ اِنَّا نَسِيۡنٰكُمۡ وَذُوۡقُوۡا عَذَابَ الۡخُلۡدِ بِمَا
كُنۡتُمۡ تَعۡمَلُوۡنَ ﴿۱۴﴾ اِنَّمَا يُؤۡمِنُ بِاٰيٰتِنَا الَّذِيۡنَ اِذَا ذُكِّرُوۡا بِهَا خَرُّوۡا
سُجَّدًا وَّسَبَّحُوۡا بِحَمۡدِ رَبِّهِمۡ وَهُمۡ لَا يَسۡتَكۡبِرُوۡنَ ۩ ﴿۱۵﴾ تَتَجَافٰى
جُنُوۡبُهُمۡ عَنِ الۡمَضَاجِعِ يَدۡعُوۡنَ رَبَّهُمۡ خَوۡفًا وَّطَمَعًا وَّمِمَّا
رَزَقۡنٰهُمۡ يُنۡفِقُوۡنَ ﴿۱۶﴾ فَلَا تَعۡلَمُ نَفۡسٌ مَّاۤ اُخۡفِىَ لَهُمۡ مِّنۡ قُرَّةِ

---

الۡجِنَّةِ وَالنَّاسِ اَجۡمَعِيۡنَ مگر میان کتھ چھہ ازلی تہ تقدیری یُوسہ میہ ازلکہ دوہہ واریہو حکمتو موجب محقق سپز مژ چھہ کہ ضرور برن تہ پُر کرن بو جہنم جنو تہ انسانو سیتہٕ۔ یم کافراس یکہ وٹہ۔ وون ییلہ تُہند دُنیاء س کُن گژھن ناممکن چھہ لہذا ییہ تمن وننہ فَذُوۡقُوۡا بِمَا نَسِيۡتُمۡ لِقَآءَ يَوۡمِكُمۡ هٰذَا اِنَّا نَسِيۡنٰكُمۡ وَذُوۡقُوۡا عَذَابَ الۡخُلۡدِ بِمَا كُنۡتُمۡ تَعۡمَلُوۡنَ وونِ ژہو تُہہ تمیک مزہ کہ توہہ اوسوہِ ناپنن یتھ دوہس منز سمکھن مشر وومُت اسہِ تہِ مُشر اووہ تُہہ کیازِہ رحمتہ نِشہ کرووہ اَس تُہہ محروم۔ وون ژہو ہمیشہ گی ہند عذاب کیازہ تُہہ آسوہ ناتژہے کامہ کران اِنَّمَا يُؤۡمِنُ بِاٰيٰتِنَا الَّذِيۡنَ اِذَا ذُكِّرُوۡا بِهَا خَرُّوۡا سُجَّدًا وَّسَبَّحُوۡا بِحَمۡدِ رَبِّهِمۡ وَهُمۡ لَا يَسۡتَكۡبِرُوۡنَ ایمان اَنن نہ سانین آیاتن مگر تمے لوکھ تمن یلہِ تم آیات ژیتس پاونہ یِھہِ یوان وعظ و نصیحت چُھہ کرنہ یوان متاثر سپدتھ چھہ تمِ سجدس منز یتھ پنہ نِس خدایہ سُند بپاکی حمد وثنا یاد کران۔ بیہ چھنہ تم ایمان اَننہ نِشہ کُنہ قسمہ تکبر تہ غرور کران یتھہِ پاٹھہِ کافر چھہ تکبرٕ کران یہ گوتُہندہ اِعترافک حال امہ پتہ چھو بیان تہندین اعمالن ہیوند تَتَجَافٰى جُنُوۡبُهُمۡ عَنِ الۡمَضَاجِعِ يَدۡعُوۡنَ رَبَّهُمۡ خَوۡفًا وَّطَمَعًا وَّمِمَّا رَزَقۡنٰهُمۡ يُنۡفِقُوۡنَ ایمان اُنن نہ سانین آیاتن مگر تمے لوکھ تہنزہ لرہٕ وَتھر نیونِشہِ خفتن نمازہ تہ تہجدچ نماز پرنہ خاطرہ تمہ علاوہ چھہ منگان تم پنہ نِس پروردگارس آلودِی دِی عذابچہ خوفہ تہ ثوابچہ امیدواری سان بیہِ چھہ تم تمہِ مالہ منزہ یُس اسی عطا کورمُت چُھکھ خرچ کران خدایہ سنزہ وَتہِ اندر فَلَا تَعۡلَمُ نَفۡسٌ مَّاۤ اُخۡفِىَ لَهُمۡ مِّنۡ قُرَّةِ اَعۡيُنٍ جَزَآءًۢ بِمَا كَانُوۡا يَعۡمَلُوۡنَ پَس چھنہ

أَعْيُنٍ جَزَآءًۢ بِمَا كَانُوا يَعْمَلُونَ ﴿١٧﴾ أَفَمَن كَانَ مُؤْمِنًا كَمَن كَانَ
فَاسِقًا ۚ لَّا يَسْتَوُۥنَ ﴿١٨﴾ أَمَّا الَّذِينَ آمَنُوا وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ فَلَهُمْ
جَنَّاتُ الْمَأْوَىٰ نُزُلًا بِمَا كَانُوا يَعْمَلُونَ ﴿١٩﴾ وَأَمَّا الَّذِينَ فَسَقُوا
فَمَأْوَاهُمُ النَّارُ ۖ كُلَّمَا أَرَادُوا أَن يَخْرُجُوا مِنْهَا أُعِيدُوا فِيهَا وَ
قِيلَ لَهُمْ ذُوقُوا عَذَابَ النَّارِ الَّذِي كُنتُم بِهِ تُكَذِّبُونَ ﴿٢٠﴾
وَلَنُذِيقَنَّهُم مِّنَ الْعَذَابِ الْأَدْنَىٰ دُونَ الْعَذَابِ

کانسہِ اکس خبر تمن چیزن ہنز یم کھٹتھ تھاونہ آمتِ چھہ تہندہ خاطرہ غیبہ کس خزانس اندر یمو چیزو سیت تہنزہ اچھہ شہلن تمِ چیز آسن رٹھ مزورِ تہندہ خاطرہ تمن رٹن عملن ہنز یمہ تم کران اسِ دنیاء س اندر أَفَمَن كَانَ مُؤْمِنًا كَمَن كَانَ فَاسِقًا لَّا يَسْتَوُۥنَ کیا یُس شخص باایمان آسہِ سُہ چھا برابر تس شخصس یُس نافرمان تہ کافر آسہِ۔ نہ ہرگز چھنہ یم زہ برابر أَمَّا الَّذِينَ آمَنُوا وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ فَلَهُمْ جَنَّاتُ الْمَأْوَىٰ نُزُلًا بِمَا كَانُوا يَعْمَلُونَ پس گے تم لوکھ یمو اِیمان اُون بیہ کریکھ رٹہ عملہ تہندی خاطرہ چھِ روز نک باغ بطور پیش کشی۔ یتھ پاٹھِ مہمان عزیزن چھہ نفیس نفیس چیز بکمالِ احترام پیش کرنہ یوان تتھ پاٹھ نہ یتھ پاٹھ سائیل تہ محتاجس بے قدری تہ بے وقعتی سان دِنہ یوان چھہ۔ تمن عملن بدل یمہ تم کران آسِ دُنیاء س اندر وَأَمَّا الَّذِينَ فَسَقُوا فَمَأْوَاهُمُ النَّارُ كُلَّمَا أَرَادُوا أَن يَخْرُجُوا مِنْهَا أُعِيدُوا فِيهَا ودنِ یمو لوکو نافرمانی تہ کُفر کور تہندِ روزنچ جاے چھہ نار جہنم۔ تتھ اندر وا تتھ یلہ یلہ تم تمہِ منزہ نیرنک خیال آسن کران۔ بیہ آسن تتھ منز واپس واتناونہ یوان وَقِيلَ لَهُمْ ذُوقُوا عَذَابَ النَّارِ الَّذِي كُنتُم بِهِ تُكَذِّبُونَ وننہ آسیکھ یوان ژھو مزہ تمہِ نارِ جہنمک یتھ تُہہ اِنکار آسوہ کران وَلَنُذِيقَنَّهُم مِّنَ الْعَذَابِ الْأَدْنَىٰ دُونَ الْعَذَابِ الْأَكْبَرِ لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُونَ بیہ ژھنا وو کھ اس تم بوتہمِ دَرجک عذاب دنیاء س اندر قیامتہِ برٛہِ عذاب برونٹھ دیو تم پائیس پین کُفرہ تہ شرکہ نشہِ پوت پھیرن۔ تیمن لوکن ہند عذابس گرفتار سپدن چھنہ عجائب کتھا کینہہ تہ کیازِہ وَمَنْ أَظْلَمُ

الْأَكْبَرِ لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُونَ ﴿٢١﴾ وَمَنْ أَظْلَمُ مِمَّنْ ذُكِّرَ
بِآيَاتِ رَبِّهِ ثُمَّ أَعْرَضَ عَنْهَا إِنَّا مِنَ الْمُجْرِمِينَ مُنْتَقِمُونَ ﴿٢٢﴾ ع
وَلَقَدْ آتَيْنَا مُوسَى الْكِتَابَ فَلَا تَكُنْ فِي مِرْيَةٍ
مِنْ لِقَائِهِ وَجَعَلْنَاهُ هُدًى لِبَنِي إِسْرَائِيلَ ﴿٢٣﴾ ج وَ
جَعَلْنَا مِنْهُمْ أَئِمَّةً يَهْدُونَ بِأَمْرِنَا لَمَّا صَبَرُوا ط وَ
كَانُوا بِآيَاتِنَا يُوقِنُونَ ﴿٢٤﴾ إِنَّ رَبَّكَ هُوَ يَفْصِلُ بَيْنَهُمْ

---

مِمَّنْ ذُكِّرَ بِآيَاتِ رَبِّهِ ثُمَّ أَعْرَضَ عَنْهَا إِنَّا مِنَ الْمُجْرِمِينَ مُنْتَقِمُونَ کوہ اکھاہ چھُہ یژ ظالم تس شخصہ سندہ خوتہ یُس وعظ و نصیحت آیہ کرنہ پتہ نس پروردگارہ سندہ آیاتو سیتِ تو پتہ پھیر تم ہُتھ تموآیاتو نِشہِ لہذا اکیاہ شُبہ چھُہ تہندس مستحق عذاب آسنس اندر۔ ضرور ہیمواس تمن نافرمانن اِنتقام۔ تُہہ رُوزِو مطمئن یا رسول اللہ وَلَقَدْ آتَيْنَا مُوسَى الْكِتَابَ فَلَا تَكُنْ فِي مِرْيَةٍ مِنْ لِقَائِهِ وَجَعَلْنَاهُ هُدًى لِبَنِي إِسْرَائِيلَ بے شک اَسہِ کرُ عطا تہندی پاٹھ موسیٰ علیہ السلام من کتاب (تورات) یمہ کس اشاعتس اندر تمن تکلیف برداشت کرن پیو۔ تتھے پاٹھ کراَسہِ تہ تُوہہ کتاب عطا اَمہ کس اشاعتس اندر چھو تُوہہ تہِ تکلیف برداشت کرن۔ پس مہ روزِو تُہہ شکس تہ ترددس اندر امہ کتابہ ہندس عطا سپدنس اندر۔ اَتھ منز چھنہ کانہہ شک تہ شُبہ یا مہ کرو تردد موسیٰ علیہ السلامس سیت درشبِ معراج ملاقات کرہ نس اندر تُوہہ کوروہ حقیقتہ پاٹھ تمن سیت ملاقات سہ کانہہ نظر بندی یا خیالی ملاقات اوس نہ بیہ کرُ اَسہِ سُو کتاب یعنی توراۃ بنی اسرائیلن ہندہِ خاطرہ سبب ہدایت تتھے پاٹھ سپدہ تُہنزہ کتابہ سیتِ تہ وارِیاہن لوکن ہدایت تُہہ رُوزِو خوش وَجَعَلْنَا مِنْهُمْ أَئِمَّةً يَهْدُونَ بِأَمْرِنَا لَمَّا صَبَرُوا وَكَانُوا بِآيَاتِنَا يُوقِنُونَ بیہ کراَسہِ بنی اسرائیلو اندرہ وارِیاہ پیشوا۔ یم وَتھ ہاوان آسِ لوکن سانہِ حُکمہ مُوجب یلہ تمو صبر کور منکر ین ہندین تکلیفن پیٹھ بیہ آسِ تِم سانین آیاتن پیٹھ یقین کران اَمہِ سیت چھہ تسلی باایمانن کہ یلہِ تِم تہ اشاعتِ قرآنس پیٹھ صبر کرن تِم تہِ کرو کھ اس دنیاہک امام تہ پیشوایہ گوو دنیاکہ اعتبارہ تسلی

يَوْمَ الْقِيٰمَةِ فِيْمَا كَانُوْا فِيْهِ يَخْتَلِفُوْنَ ۝٢٥ اَوَلَمْ يَهْدِ لَهُمْ
كَمْ اَهْلَكْنَا مِنْ قَبْلِهِمْ مِّنَ الْقُرُوْنِ يَمْشُوْنَ فِيْ مَسٰكِنِهِمْ ؕ
اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ ؕ اَفَلَا يَسْمَعُوْنَ ۝٢٦ اَوَلَمْ يَرَوْا اَنَّا نَسُوْقُ
الْمَآءَ اِلَى الْاَرْضِ الْجُرُزِ فَنُخْرِجُ بِهٖ زَرْعًا تَاْكُلُ مِنْهُ
اَنْعَامُهُمْ وَاَنْفُسُهُمْ ؕ اَفَلَا يُبْصِرُوْنَ ۝٢٧ وَيَقُوْلُوْنَ مَتٰى
هٰذَا الْفَتْحُ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ۝٢٨ قُلْ يَوْمَ الْفَتْحِ لَا يَنْفَعُ

---

اِنَّ رَبَّكَ هُوَ يَفْصِلُ بَيْنَهُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ فِيْمَا كَانُوْا فِيْهِ يَخْتَلِفُوْنَ بے شک تهند
پروردگارے کرِہ فیصلہ بنی اسرائیلن منز قیامتکِ دوہ تمن سارنے تھن اندر یمن منز تم اختلاف کران
آسِ۔ سُہ فیصلہ گوویہ ہے کہ باایمانن واتناوِہ جنتس اندر۔ کافرن واتناوہ جھنمس اندر۔ اَوَلَمْ يَهْدِ لَهُمْ
كَمْ اَهْلَكْنَا مِنْ قَبْلِهِمْ مِّنَ الْقُرُوْنِ يَمْشُوْنَ فِيْ مَسٰكِنِهِمْ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ اَفَلَا يَسْمَعُوْنَ کیا
تُھندین دُشمن یعنی مکہ کین کافرن کرِہ نا رہنمائی یہ کتھ کہ کاتیاہ لوکھ کراسہِ تمن برونٹھ ہلاک گُفر وانکارہ
سببہ اھندیو مکانو تہ شہر و منزہ چھنہ تم اَز تہِ شہر شامہ کِس سفرس اندر یوان گژھان تمو جایو منزہ
گذران۔ پزپاٹھِ اَتھ منز چھِ صاف صاف نشانہ یمہ کتھ ہند کہ اللہ تعالیٰ چھ گُفرس تہ کافرن شرکس تہ
مُشرکن پیٹھ بیزار کیاتِم چھنا تمن تباہ وبرباد گامتین لوکن ہند حال بوزان ودنِ یمن
شُبہ چھ قیامتس تہ مرنہ پتہ بیہ زندہ سپدنس متعلق اَوَلَمْ يَرَوْا اَنَّا نَسُوْقُ الْمَآءَ اِلَى الْاَرْضِ الْجُرُزِ
فَنُخْرِجُ بِهٖ زَرْعًا تَاْكُلُ مِنْهُ اَنْعَامُهُمْ وَاَنْفُسُهُمْ اَفَلَا يُبْصِرُوْنَ کیا تمِ چھنا وچھان کہ اس چھِ
خشک زمینس کُن آب واتہ ناوان دریاوَن ہُند یا بارانک۔ تمہِ پتہ چھِ اس تمہ سیت سُہ زراعت کھاران یمہ
منزہ تہندِ چارپابیہ تمِ پانہ تہ کھیوان چھِ۔ کیاہ تم لوکھ چھنا اتھ سانِس کمالِ قدرتس کُن روزمرہ وچھان۔
تِتھے پاٹھ کیاہ کرو کھ اس مردہ بیہ زندہ۔ تو پتہ کڈوکھ زمینہ منزہ۔ وَيَقُوْلُوْنَ مَتٰى هٰذَا الْفَتْحُ اِنْ كُنْتُمْ

الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِيْمَانُهُمْ وَلَا هُمْ يُنْظَرُوْنَ ﴿٢٩﴾ فَاَعْرِضْ
عَنْهُمْ وَانْتَظِرْ اِنَّهُمْ مُّنْتَظِرُوْنَ ﴿٣٠﴾ ع

---

صٰدِقِيْنَ تم ڪافر چھہ ونان ڪر آسہ يمہ فيصلگ دوہ ہرگاہ تُہہ پوزونہ ون چھوہ قُلْ يَوْمَ الْفَتْحِ لَا يَنْفَعُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِيْمَانُهُمْ وَلَا هُمْ يُنْظَرُوْنَ * فَاَعْرِضْ عَنْهُمْ وَانْتَظِرْ اِنَّهُمْ مُّنْتَظِرُوْنَ فرماديو کھ يارسول اللہ فيصلہ کہ دوہہ ديہ نہ کانہہ نفع تہ فائدہ تمن کافرن پژھ کرنِ تھزبيہ ييہ نہ تمن تمہِ دوہہ کُنہ قسمہ مُہلت دِنہ پس پھرو تُہہ روی مبارک پنن تمن نشہ يارسول اللہ۔ کتھن تھزن ہندمہ کرو تُہہ کانہہ خيالاہ بيہ کرو تُہہ خدايہ سندہ حکمک تہ فيصلک حقہ انتظار بيشک تمِ تہ چھہ تھندہ تکليف وضررُک انتظار کران۔






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

يٰۤاَيُّهَا النَّبِيُّ اتَّقِ اللّٰهَ وَلَا تُطِعِ الْكٰفِرِيْنَ وَالْمُنٰفِقِيْنَ ؕ اِنَّ
اللّٰهَ كَانَ عَلِيْمًا حَكِيْمًا ۙ﴿۱﴾ وَّاتَّبِعْ مَا يُوْحٰۤى اِلَيْكَ مِنْ رَّبِّكَ ؕ
اِنَّ اللّٰهَ كَانَ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرًا ۙ﴿۲﴾ وَّتَوَكَّلْ عَلَى اللّٰهِ ؕ وَكَفٰى بِاللّٰهِ
وَكِيْلًا ﴿۳﴾ مَا جَعَلَ اللّٰهُ لِرَجُلٍ مِّنْ قَلْبَيْنِ فِيْ جَوْفِهٖ ۚ وَمَا جَعَلَ

---

يٰۤاَيُّهَا النَّبِيُّ اتَّقِ اللّٰهَ وَلَا تُطِعِ الْكٰفِرِيْنَ وَالْمُنٰفِقِيْنَ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلِيْمًا حَكِيْمًا اي پيغمبر خدا کُهه کھوڙو حض خدائيں بيه مه کھوڙو کانسه۔ کافرن يم نن پاٽ ڊِيس خلاف ڇهه بيه مُنافقن يم کافرن سيت مُتفق ڇهه تهندس ونه نس مَه هز کرو اعتبار۔ تهنز ه کتهه مه حض مانو بے شک الله تعالیٰ ڇهه سوروی زانه ڎن پور حکمة وول۔ تهندِ ساری حُکم ڇهه فائده سيت برت وَّاتَّبِعْ مَا يُوْحٰۤى اِلَيْكَ مِنْ رَّبِّكَ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرًا تُهه پکوِ تمی حُکمه مُوجب يُس توهِه گن وحی سوزنه يوان ڇُهه، تُهندس پروردگاره سندِه طرفه اي لوکو پزپاٽ الله تعالیٰ ڇهه پور زانان ته سُورے يه تُهه کران ڇهوه توهِه اندره يُس اکهاه سانس پيغمبره سنز مخالفت کره تمِس سيت انزراوو اس پانے وَّتَوَكَّلْ عَلَى اللّٰهِ وَكَفٰى بِاللّٰهِ وَكِيْلًا بيه کرو توکل خدائس پيٺھ۔ يس ڇهه الله تعالیٰ تُهنز کام پوره کره ون۔ اتھ مقابله هيکه نه چلتهه تمن لوکن هند کانهه تدبير۔ منگته پنچو حقيقي پنچو زانن تو پته تمسنز ه طلاق دنه آمژه زنانه سيتِ نيتھر کره نس پيٺھ طعنه زنی کرن اوس تيتھے غلط چيز اه مشهور، يتھ پاٺھ پته آشنهِ موج ونن ياماجه سيت تشبيه دِنس پيٺھ نکاح ژهين اوس خيال کرنه يوان ياهر گاه کانهه شخصاه اوس سيٺهاه هُشيار ته عقلمند آسان ڎيان آس امس ڇهه زه دل سينس منز يمن تر شون کتهن هند اصلاح کور الله تعالیٰ ان فرموون مَا جَعَلَ اللّٰهُ لِرَجُلٍ مِّنْ قَلْبَيْنِ فِيْ جَوْفِهٖ واقعس منز کرنه الله تعالیٰ اَن کانسه هندس سينس منز زه دل پيده تيتھے پاٺھِ فرموون وَمَا جَعَلَ اَزْوَاجَكُمُ الّٰٓـِٔيْ تُظٰهِرُوْنَ

أَزْوَاجَكُمُ الّٰٓـِٔيْ تُظٰهِرُوْنَ مِنْهُنَّ أُمَّهٰتِكُمْ ۚ وَمَا جَعَلَ أَدْعِيَآءَكُمْ
أَبْنَآءَكُمْ ۭ ذٰلِكُمْ قَوْلُكُمْ بِأَفْوَاهِكُمْ ۭ وَاللّٰهُ يَقُوْلُ الْحَقَّ وَهُوَ
يَهْدِي السَّبِيْلَ ④ أُدْعُوْهُمْ لِاٰبَآئِهِمْ هُوَ أَقْسَطُ عِنْدَ اللّٰهِ ۚ
فَإِنْ لَّمْ تَعْلَمُوْٓا اٰبَآءَهُمْ فَإِخْوَانُكُمْ فِي الدِّيْنِ وَمَوَالِيْكُمْ ۭ وَ
لَيْسَ عَلَيْكُمْ جُنَاحٌ فِيْمَآ أَخْطَأْتُمْ بِهٖ وَلٰكِنْ مَّا تَعَمَّدَتْ قُلُوْبُكُمْ ۭ
وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا ⑤ اَلنَّبِيُّ أَوْلٰى بِالْمُؤْمِنِيْنَ مِنْ

---

مِنْهُنَّ أُمَّهٰتِكُمْ بيه کرڻ ته الله تعالیٰ اُن تهنجي زالن يمن سيت تهه ظهار ڇهوه ڪران يعني پنهنين محرماتن سيت ڇهوڪه تشبيهه ڏِوان تمهه ڇهنه سپدان ته ڪرڻه سيت تهنجي ماجه وَمَا جَعَلَ أَدْعِيَآءَكُمْ أَبْنَآءَكُمْ تهٔ پاٹھ ڪرنه الله تعالیٰ ان تهند منگتہ نچو حقیقتاً تُهندے نچوے ذٰلِكُمْ قَوْلُكُمْ بِأَفْوَاهِكُمْ يمہ ڪتهه تهنزه ڇهه صرف تهند يو چانٹهيو ونه يوان۔ يمن نه واقعس سيت ڪانهه مشابهت ڇهه بلکه ڇهه غلط ڪتهه ڇهنه ڪانهه واقعي امراه سپدان۔ لهٰذا منگته نچوے سنزه طلاق دِنه آمژه زنانهِ سيت نکاح کرنس پيٹھ طعن و تشنيع کرن ڇهه محض جهل وَاللّٰهُ يَقُوْلُ الْحَقَّ وَهُوَ يَهْدِي السَّبِيْلَ الله تعالیٰ ڇهه پژڪتهه فرماوان۔ سُی ڇهه سيزو تهه هاوِان۔ چنانچه تمن ترين غلطين هند اصلاح کور الله تعالیٰ اَن يله نه تم واقعس منز تهند نچوِ ڇهِ۔ بس مه آسِو تُهه تس منگته مال سند نچو ونان أُدْعُوْهُمْ لِاٰبَآئِهِمْ هُوَ أَقْسَطُ عِنْدَ اللّٰهِ منگته نچوين آسِو تُهه نادِدوان پنه نين حقيقي مالين ڪُن نسبت کرِت سُوی ڇهه زياده انصاف ڪتهه خدا ليس نشهِ فَإِنْ لَّمْ تَعْلَمُوْٓا اٰبَآءَهُمْ فَإِخْوَانُكُمْ فِي الدِّيْنِ وَمَوَالِيْكُمْ هرگاه نے توهہِ معلوم آسن تهندِ مال تلهِ گئے تمِ تهند ديني بائی آسته بيه گئے تمِ تهند دوست ته رفيق۔ تمی مناسبته آسو ڪانهه موزون لفظاه استعمال کرِت تمن آلوِدوان وَلَيْسَ عَلَيْكُمْ جُنَاحٌ فِيْمَآ أَخْطَأْتُمْ بِهٖ توهہ ڇهنه ڪانهه قصور هرگاه تُهه اَتهه منزِ گنه وقته وشفه گژهه وَلٰكِنْ مَّا تَعَمَّدَتْ قُلُوْبُكُمْ هرگاه تُهه زانته ڪرته عمداً و قصداً ِتهه چيز کريو تيله ڇهه گوناه۔ هرگاه تمهِ گونهه نشهِ توبه ته استغفار کرو۔ تته کروه الله تعالیٰ مغفرت۔ کيازه وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا

اَنۡفُسِهِمۡ وَاَزۡوَاجُهٗۤ اُمَّهٰتُهُمۡ ؕ وَاُولُوا الۡاَرۡحَامِ بَعۡضُهُمۡ اَوۡلٰى
بِبَعۡضٍ فِىۡ كِتٰبِ اللّٰهِ مِنَ الۡمُؤۡمِنِيۡنَ وَالۡمُهٰجِرِيۡنَ اِلَّاۤ اَنۡ
تَفۡعَلُوۡۤا اِلٰٓى اَوۡلِيٰٓئِكُمۡ مَّعۡرُوۡفًا ؕ كَانَ ذٰلِكَ فِى الۡكِتٰبِ مَسۡطُوۡرًا ۝٦
وَاِذۡ اَخَذۡنَا مِنَ النَّبِيّٖنَ مِيۡثَاقَهُمۡ وَمِنۡكَ وَمِنۡ نُّوۡحٍ وَّاِبۡرٰهِيۡمَ
وَمُوۡسٰى وَعِيۡسَى ابۡنِ مَرۡيَمَ ۖ وَاَخَذۡنَا مِنۡهُمۡ مِّيۡثَاقًا غَلِيۡظًا ۝٧

---

الله تعالىٰ ڇھ سيٺاه مغفرت ڪرهڙن سيٺاه رحم ڪرهڙن اَلنَّبِيُّ اَوۡلٰى بِالۡمُؤۡمِنِيۡنَ مِنۡ اَنۡفُسِهِمۡ پيغمبر برحق ڇھ زياده تعلق ٿاوان بايمانن سيت تهند يوپانو خوت ڪياز ه شخصه سُندپان هرگاه پڇھ آسه تيله ڇھ ظاهرے ڪه سُه ڇُھ بدخواه امسند. حضرت نبي ڪريم صلى الله عليه وسلم تم ڇھ خيرخواه بايمانن هنده خاطره هميشه رُت پرِهان. هرگاه شخصه سندپان جانے آسه ٹوٹه ماڇُھ تمس خبر سارنے چيزن هنز ڪٿه ڪٿه منز ڇُھ تمس نفع ته فائده. حضرت نبي ڪريم صلى الله عليه وسلم تمن ڇُھ الله تعالىٰ اَن سارنے مفيد ته نافع چيزن هند علم عطا ڪورمُت. بهرحال تهنده طرفه ڇُھ نفعي نفع. لهٰذا ڇُھ تهندي حق پانه خوت ته زيادے. تمي مُوکھ گژهن تمے ياده ٹاٹھ آسن قبيله ڪرانه خوته ماُلس ماجه هندهِ خوته بلڪه پننه پانه خوته ته. وَاَزۡوَاجُهٗۤ اُمَّهٰتُهُمۡ تهندِ ازواج طاهرات ڇُھ بايمانن هنزه والده. حضرت نبي ڪريم صلى الله عليه وسلم تهند معنوي بابه صاب آسُن ڇُھ لازم ڪه تهند ازواج طاهرات گژهن آسنه بايمانن هنزه معنوي والده وجوب تعظيمس اندر وَاُولُوا الۡاَرۡحَامِ بَعۡضُهُمۡ اَوۡلٰى بِبَعۡضٍ بيه ڇھ بايمانن هند قريبي رشته دار اڈاڈين زياده حقدار وراثتس اندر فِىۡ كِتٰبِ اللّٰهِ خدايه سنزه ڪتابه اندر يعني تهنده شرعي حڪمه موجب مِنَ الۡمُؤۡمِنِيۡنَ وَالۡمُهٰجِرِيۡنَ بايمانو خوته بيه مهاجرو خوته اِلَّاۤ اَنۡ تَفۡعَلُوۡۤا اِلٰٓى اَوۡلِيٰٓئِكُمۡ مَّعۡرُوۡفًا مگرے تُهه پننه نين دوستن نسبت ڪانهه احساناه ڪرِوتهه ڇھنه ڪانهه حرج يعني بخشايشه پاٹھے يا وصيته پاٹھے ديو ڪينهه چيزاه تمن ڪَانَ ذٰلِكَ فِى الۡكِتٰبِ مَسۡطُوۡرًا يوہے حُڪم ڇُھ لوحِ محفوظس اندر ليکھنه آمت يعني وراثت ڇھ رشته دارنے اندر جاري ڪرن وَاِذۡ اَخَذۡنَا مِنَ النَّبِيّٖنَ مِيۡثَاقَهُمۡ وَمِنۡكَ

لِّيَسْـَٔلَ الصّٰدِقِيْنَ عَنْ صِدْقِهِمْ ۚ وَاَعَدَّ لِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابًا اَلِيْمًا ۟ ۸ ع
يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اذْكُرُوْا نِعْمَةَ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ اِذْ جَآءَتْكُمْ جُنُوْدٌ

---

وَمِنْ نُّوْحٍ وَّاِبْرٰهِيْمَ وَمُوْسٰى وَعِيْسَى ابْنِ مَرْيَمَ ۠ وَاَخَذْنَا مِنْهُمْ مِّيْثَاقًا غَلِيْظًا بیہ چھُہ سہ وقت قابلِ ذکر ییلہ اَسہِ روٹ عہد پیغمبرن نِشہِ خاص کرِت تۄہہ نِشہِ یار رسول اللہ۔ بیہ نُوح علیہ السلامَن نِشہِ بیہ ابراہیم علیہ السلامس بیہ موسیٰ علیہ السلامس بیہ عیسیٰ علیہ السلامس یُس مریم علیہا السلام سند فرزند چھُہ۔ یتھ کتھ پیٹھ کہ بندگی کرو خدایہ سنز۔ بیہ دیولوکن تہ نادتہنزی بندگی تہ عبادتھ کن۔ یوہے عہد روٹ آسہِ تِمن نِشہِ مضبوط عہداہ لِّيَسْـَٔلَ الصّٰدِقِيْنَ عَنْ صِدْقِهِمْ ۚ وَاَعَدَّ لِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابًا اَلِيْمًا یتھ اللہ تعالیٰ تحقیقات کرِہ قیامت دوہ پزیارین نِشہِ یعنی پیغمبرن نِشہِ تِہندہ پزیوک یِمہ سیت تِہند شرف ظاہر سپدِہ بیہ سپدہ حجت تہ دلیل قایم منکرن پیٹھ امی اندرہ سپد ثابت صاحب وحیس پیٹھ چھُہ واجب وَحیس اتباع کرن۔ صاحب وَحیس ورای یم چھُہ تِمن پیٹھ چھُہ واجب صاحب وحی سند اتباع تہ پیروی کرن۔ بیہ چھُہ اللہ تعالیٰ ان کافرن تہ مُنکرن ہندہ خاطرہ تیار تھوومت دگ تہ دوو دتُلہ ؤن عذاب امہ پتہ چھُہ اللہ تعالیٰ فرماوان اکھ واقعاہ سہ گوو یُہ ہے کہ حضرت نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم تِموکور قبیلہ بنی نضیرک یہود مدینہ شریفہ نِشہِ جِلاوطن۔ تِمن سپد حُکم مدینہ شریفہ منزہ نیر نگ۔ تۄ پتہ سونبہ راوِ تِمو عربک مختلف قبیلہ قریب دَہ باہ ساس لوکھ مدینہ شریفس پیٹھ حملہ کرنہ خاطرہ۔ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمو کور حُکم کہ مدینہ شریفس انداند کھنو خندق۔ تِمن ہندس کھنہ نس اندر بنفس نفیس تِمو پانہ تہ کام کر۔ میژ سارک کِنہ پھڑاوک اکس رتیس تانِ رودِ تِم مدینہ شریفس محاصرہ کرِ تھ۔ تتھ منز آس کنہِ کنہِ جایہ دورِہ دورِہ لڑائے تہ سَپد ان بالآخر کر اللہ تعالیٰ ان مسلمانن یاری۔ ظاہر پاٹھ سپُد اکھ تیز ہوا یِم کافرن ہند خیمہ دیرِ تھ دتِ۔ خیمن ہنزہ رزہ ژٹن باطنہ پاٹھ سُوزِن ملائکن ہنز لشکر۔ تِمو کافرن چھلہ چھانگر کر۔ تم پوش نہ ژلہ نس۔ تِمو کھیو بالکل شکست۔ یتھ جنگس چھُہ ونان جنگِ اَحزاب۔ یکیازہ مختلف قبیلہ آس آمت جنگ کرنہ بیہ چھُس ونان جنگِ خندق یکیازہ بمشورہ حضرتِ سلمان فارسی آی بحکم حضرتِ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم مدینہ شریفس انداند خندق کھنہ نہ۔ اَمِہ جنگ نِشہِ فارغ سپدِت سپد نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم یہودن ہندسِ قبیلس بنی قریظس سیت جنگ کرنس کُن متوجہ۔ کیازِہ تِمو اوس خلافِ معاہدہ بنی نضیرن مدینہ شریفس محاصرہ کرنس اندر مدد کُورمُت يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ

فَاَرۡسَلۡنَا عَلَيۡهِمۡ رِيۡحًا وَّجُنُوۡدًا لَّمۡ تَرَوۡهَا ؕ وَكَانَ اللّٰهُ بِمَا تَعۡمَلُوۡنَ
بَصِيۡرًا ⑨ اِذۡ جَآءُوۡكُمۡ مِّنۡ فَوۡقِكُمۡ وَمِنۡ اَسۡفَلَ مِنۡكُمۡ وَاِذۡ
زَاغَتِ الۡاَبۡصَارُ وَبَلَغَتِ الۡقُلُوۡبُ الۡحَنَاجِرَ وَتَظُنُّوۡنَ بِاللّٰهِ
الظُّنُوۡنَا ؕ ⑩ هُنَالِكَ ابۡتُلِىَ الۡمُؤۡمِنُوۡنَ وَزُلۡزِلُوۡا زِلۡزَالًا شَدِيۡدًا ⑪
وَاِذۡ يَقُوۡلُ الۡمُنٰفِقُوۡنَ وَالَّذِيۡنَ فِىۡ قُلُوۡبِهِمۡ مَّرَضٌ مَّا وَعَدَنَا
اللّٰهُ وَرَسُوۡلُهٗۤ اِلَّا غُرُوۡرًا ⑫ وَاِذۡ قَالَتۡ طَّآئِفَةٌ مِّنۡهُمۡ يٰۤاَهۡلَ

---

اٰمَنُوا اذۡكُرُوۡا نِعۡمَةَ اللّٰهِ عَلَيۡكُمۡ اِذۡ جَآءَتۡكُمۡ جُنُوۡدٌ فَاَرۡسَلۡنَا عَلَيۡهِمۡ رِيۡحًا وَّجُنُوۡدًا لَّمۡ تَرَوۡهَا اے بایمانو ژیتس پاوِ واللہ تعالیٰ سنز سو نعت یُس سہ تم توہہِ عطا کر۔ یمہ ساتہ توہہِ پیٹھ دشمن ہندواریاہ فوج آئے حملہ کرنہ خاطرہ۔ پس سوز اَسہِ تمن پیٹھ تیز واوٗ بیہ سُہہ فوج ملائکن ہند یُس نہ توہہِ بوزنہ اوس یوان وَكَانَ اللّٰهُ بِمَا تَعۡمَلُوۡنَ بَصِيۡرًا اللہ تعالیٰ اوس تہندِ تم ساری تدبیر وچھان یم تُہہ تمہ ساتہ کران آسوہ خندق کھنن ہیو بیہ ثابت تہ مضبوط روزن کافرن ہندہ مقابلہ خاطرہ تہِ وچھتہ اوس اللہ تعالیٰ خوش گژھان توہہ پیٹھ راضی سپدان تہ توہہ مدد کران یہ واقعہ سپُد تمہ ساتہ اِذۡ جَآءُوۡكُمۡ مِّنۡ فَوۡقِكُمۡ وَمِنۡ اَسۡفَلَ مِنۡكُمۡ وَاِذۡ زَاغَتِ الۡاَبۡصَارُ وَبَلَغَتِ الۡقُلُوۡبُ الۡحَنَاجِرَ وَتَظُنُّوۡنَ بِاللّٰهِ الظُّنُوۡنَا دشمن آیِ توہہ پیٹھ حملہ کرنہ توہہِ پیٹھ کن تہ یعنی میدانکہ ہیر مہ طرفہ توہہِ بون کن تہِ۔ بیہ یلہِ خوفہ سببہ تہنزہ اچھہ درہ لجہ دشمن کُن بیہ آسوہ وانجہ واژ مژہ ہرین پیٹھ بیہ آسوہ تُہہ خدایس متعلق عجیب عجیب مختلف خیال کران هُنَالِكَ ابۡتُلِىَ الۡمُؤۡمِنُوۡنَ وَزُلۡزِلُوۡا زِلۡزَالًا شَدِيۡدًا امی وقتہ آیہ آزمائش کرنہ بایمانن۔ بیہ آی تم دنہ ونہ دنہ وناہ سیٹھاہ سخت وَاِذۡ يَقُوۡلُ الۡمُنٰفِقُوۡنَ وَالَّذِيۡنَ فِىۡ قُلُوۡبِهِمۡ مَّرَضٌ مَّا وَعَدَنَا اللّٰهُ وَرَسُوۡلُهٗۤ اِلَّا غُرُوۡرًا بیہ یمہ ساتہ ونہ لگِ منافق۔ بیہ یمن لوکن ہندین دلن منز نفاقچ تہ شکچ بیماری اس اَسہِ سیت یُس وعداہ خدایَن تہ تہند پیغمبرن کورمت اوس سُہ اوس نہ مگر دھوکہ تہ فریب وَاِذۡ قَالَتۡ طَّآئِفَةٌ مِّنۡهُمۡ يٰۤاَهۡلَ يَثۡرِبَ لَا مُقَامَ لَكُمۡ فَارۡجِعُوۡا بیہ یلہ تہنزی اکھ منافقن ہنز جماعت ونہِ لج ای مدینہ کیو لوکو توہہِ ہیو کو نہ

يَثْرِبَ لَا مُقَامَ لَكُمْ فَارْجِعُوْا ۚ وَيَسْتَاْذِنُ فَرِيْقٌ مِّنْهُمُ النَّبِيَّ
يَقُوْلُوْنَ اِنَّ بُيُوْتَنَا عَوْرَةٌ ۛ وَمَا هِيَ بِعَوْرَةٍ ۚۛ اِنْ يُّرِيْدُوْنَ اِلَّا
فِرَارًا ﴿١٣﴾ وَلَوْ دُخِلَتْ عَلَيْهِمْ مِّنْ اَقْطَارِهَا ثُمَّ سُئِلُوا الْفِتْنَةَ
لَاٰتَوْهَا وَمَا تَلَبَّثُوْا بِهَآ اِلَّا يَسِيْرًا ﴿١٤﴾ وَلَقَدْ كَانُوْا عَاهَدُوا اللّٰهَ
مِنْ قَبْلُ لَا يُوَلُّوْنَ الْاَدْبَارَ ۭ وَكَانَ عَهْدُ اللّٰهِ مَسْـُٔوْلًا ﴿١٥﴾
قُلْ لَّنْ يَّنْفَعَكُمُ الْفِرَارُ اِنْ فَرَرْتُمْ مِّنَ الْمَوْتِ اَوِ الْقَتْلِ وَاِذًا
لَّا تُمَتَّعُوْنَ اِلَّا قَلِيْلًا ﴿١٦﴾ قُلْ مَنْ ذَا الَّذِيْ يَعْصِمُكُمْ مِّنَ اللّٰهِ اِنْ

---

دشمنہ سند مقابلہ کر تھ لہذا پھیر وپوت گرشہوپن گرہ واپس وَيَسْتَاْذِنُ فَرِيْقٌ مِّنْهُمُ النَّبِيَّ يَقُوْلُوْنَ اِنَّ
بُيُوْتَنَا عَوْرَةٌ وَمَا هِيَ بِعَوْرَةٍ اِنْ يُّرِيْدُوْنَ اِلَّا فِرَارًا بیہ ہیوت اک جماعتن تموا اندرہ نبی کرتمس صلی اللہ علیہ وسلم واپسی
ہند اجازت منگن۔ تم اس دپان بیشک سان گرہ چھہ غیر محفوظ حالانکہ تم غیر محفوظ آس نہ مگر تم آس
یژھان امی بہانہ ژلن وَلَوْ دُخِلَتْ عَلَيْهِمْ مِّنْ اَقْطَارِهَا ثُمَّ سُئِلُوا الْفِتْنَةَ لَاٰتَوْهَا وَمَا تَلَبَّثُوْا بِهَآ اِلَّا يَسِيْرًا
ہرگاہ تمِ شہرس منز آسِتھ شہرہ کیو طرفو کن کانہہ غنیماہ دشمناہ وو تلتھ ییہ ہا۔ تو پتہ ییہ ہاژھانڈنہ تمن نشہِ
فتنہ تہ فساد اسلامس خلاف برپا کرن ضرور سپدہ ہن تم گرہ بار تراوت تتھ فتنس سیت شامل تو پتہ کرہ ہن
نہ تتھ منز مگر کمی تار۔ یعنی گھرن منز روزہ ہن نہ زیادہ کالس وَلَقَدْ كَانُوْا عَاهَدُوا اللّٰهَ مِنْ قَبْلُ
لَا يُوَلُّوْنَ الْاَدْبَارَ حالانکہ تمو لوکو اوس عہد گورمت امہِ برونٹھ خدائس سیت کہ تمِ آسن نہ پوت
پھیر تھ ژلان وَكَانَ عَهْدُ اللّٰهِ مَسْـُٔوْلًا خدائس سیت یُس عہد کرنہ آمت آسہِ تمیُک ییہ ضرور
باز پرس کرنہ قُلْ لَّنْ يَّنْفَعَكُمُ الْفِرَارُ اِنْ فَرَرْتُمْ مِّنَ الْمَوْتِ اَوِ الْقَتْلِ وَاِذًا لَّا تُمَتَّعُوْنَ اِلَّا قَلِيْلًا تہہ فرماویو کھ
یا رسول اللہ ہرگز دِیہ نہ تۄہہِ کانہہ فائدہ ژلن ہرگاہ تُہہ ژلوِ مرنہ نشہِ یا قتلہ نشہِ۔ ہرگاہ ژلوِ تہ، تۄ تہ تلونہ
تُہہ زندگی ہند فائدہ مگر کم سِی کالس کیازِہ آخر چھو مرہ نے قُلْ مَنْ ذَا الَّذِيْ يَعْصِمُكُمْ مِّنَ اللّٰهِ اِنْ

أَرَادَ بِكُمْ سُوٓءًا أَوْ أَرَادَ بِكُمْ رَحْمَةً ۚ وَلَا يَجِدُونَ لَهُم مِّن دُونِ
ٱللَّهِ وَلِيًّا وَلَا نَصِيرًا ﴿١٧﴾ قَدْ يَعْلَمُ ٱللَّهُ ٱلْمُعَوِّقِينَ مِنكُمْ وَٱلْقَآئِلِينَ
لِإِخْوَٰنِهِمْ هَلُمَّ إِلَيْنَا ۖ وَلَا يَأْتُونَ ٱلْبَأْسَ إِلَّا قَلِيلًا ﴿١٨﴾ أَشِحَّةً
عَلَيْكُمْ ۖ فَإِذَا جَآءَ ٱلْخَوْفُ رَأَيْتَهُمْ يَنظُرُونَ إِلَيْكَ تَدُورُ
أَعْيُنُهُمْ كَٱلَّذِى يُغْشَىٰ عَلَيْهِ مِنَ ٱلْمَوْتِ ۖ فَإِذَا ذَهَبَ ٱلْخَوْفُ
سَلَقُوكُم بِأَلْسِنَةٍ حِدَادٍ أَشِحَّةً عَلَى ٱلْخَيْرِ ۚ أُو۟لَٰٓئِكَ لَمْ يُؤْمِنُوا۟

---

**أَرَادَ بِكُمْ سُوٓءًا أَوْ أَرَادَ بِكُمْ رَحْمَةً** فرماویو کھ تُہہ یارسول اللہ اے لوکو تُہہ اَکھاہ ہیکہ توہہِ بچاوِت خدائِس نِشہِ ہر گاہ سُہہ تہندِ ہ خاطرہ یژھہِ کانہہ سختی یا تُہہ اکھاہ ہیکہِ تہہِ سختی واتہ ناوِ تھ ہر گاہ خدایہ سُند اِرادہ آسہِ توہہِ نسبت کُنہِ مہربانی ہند **وَلَا يَجِدُونَ لَهُم مِّن دُونِ ٱللَّهِ وَلِيًّا وَلَا نَصِيرًا** لبن نہ تم پننہ خاطرہ خدائِس ورائے کانسہِ دوستس نہ کانسہ مَددگارَس **قَدْ يَعْلَمُ ٱللَّهُ ٱلْمُعَوِّقِينَ مِنكُمْ وَٱلْقَآئِلِينَ لِإِخْوَٰنِهِمْ هَلُمَّ إِلَيْنَا وَلَا يَأْتُونَ ٱلْبَأْسَ إِلَّا قَلِيلًا** اللہ تعالےٰ چھُہ توہہِ منزہ تمن منافقن پُورزانان تمِ بَین لوکن چھُہ جہادس منز شامِل سپدَ نہ نِشہِ پتھ رٹان بیہ یم پننہ نیین بائن وَنان چھہِ اَسہِ نِشہِ اِیو جہادس منہ سپدِو شامِل تمِ چھہ تیت بُزدل کہ پانہ تہِ چھنہ لڑایہ منز شامِل سپدان مگر کمی۔ تتھ منز تہِ چھُھ نہ آسان نیت صاف **أَشِحَّةً عَلَيْكُمْ** بخیل چھہ تمِ تُہندہ حقہ تمہِ شمولیتہ اندرہ چھُو تہند غرض آسان کہ مسلمانَن گوژھہ نہ پُورہ حصہ مالِ غنیمتک ترن۔ اَسِ تہِ روزِ بل برائے نام شامِل۔ تھ اَسِ تہِ پتولا کہ مالِ غنیمتہ حِصَک حق دار بنو **فَإِذَا جَآءَ ٱلْخَوْفُ رَأَيْتَهُمْ يَنظُرُونَ إِلَيْكَ تَدُورُ أَعْيُنُهُمْ كَٱلَّذِى يُغْشَىٰ عَلَيْهِ مِنَ ٱلْمَوْتِ** ادہ یلہِ خوفُک وقت واتان چھُہ تمہ ساتہ چھُو کھ تُہہ وُچھان تم توہہ کُن اَرزمان پاٹھ نظرہ دِوان۔ اچھہِ تہنزہ چھہ ژران آسان۔ لس شخصہ سند پاٹھہ یَس مرنن ژھٹھ پھیر مژ آسہِ **فَإِذَا ذَهَبَ ٱلْخَوْفُ سَلَقُوكُم بِأَلْسِنَةٍ حِدَادٍ أَشِحَّةً عَلَى ٱلْخَيْرِ** ادہ یلہ خوف تہ خطرہ ژلان چھُہ تمہِ ساتہ چھہِ تم توہہِ تیز زیوہ سیتِ ایذا دِوان یعنی یچھ کتھہ وَنان سیٹھاہ حریص چھہِ تمِ مالِ غنیمت حاصل کرہ نَس پیٹھ

فَاَحْبَطَ اللّٰهُ اَعْمَالَهُمْ ۭ وَكَانَ ذٰلِكَ عَلَى اللّٰهِ يَسِيْرًا ﴿١٩﴾ يَحْسَبُوْنَ
الْاَحْزَابَ لَمْ يَذْهَبُوْا ۚ وَاِنْ يَّاْتِ الْاَحْزَابُ يَوَدُّوْا لَوْ اَنَّهُمْ
بَادُوْنَ فِي الْاَعْرَابِ يَسْاَلُوْنَ عَنْ اَنْۢبَاۗىِٕكُمْ ۭ وَلَوْ كَانُوْا فِيْكُمْ مَّا
قٰتَلُوْٓا اِلَّا قَلِيْلًا ﴿٢٠﴾ لَقَدْ كَانَ لَكُمْ فِيْ رَسُوْلِ اللّٰهِ اُسْوَةٌ حَسَنَةٌ
لِّمَنْ كَانَ يَرْجُوا اللّٰهَ وَالْيَوْمَ الْاٰخِرَ وَذَكَرَ اللّٰهَ كَثِيْرًا ﴿٢١﴾ وَلَمَّا رَاَ
الْمُؤْمِنُوْنَ الْاَحْزَابَ ۙ قَالُوْا هٰذَا مَا وَعَدَنَا اللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗ

---

اُولٰۗىِٕكَ لَمْ يُؤْمِنُوْا فَاَحْبَطَ اللّٰهُ اَعْمَالَهُمْ ۭ وَكَانَ ذٰلِكَ عَلَى اللّٰهِ يَسِيْرًا تنهن معامله کي توهه سيتِ ڇُهٿيه يه معامله خدا ايس سيتِ ڇهه يم گےتيے. تمو ڇهُنه گوڑه پيٹهے ايمان اُونمت خدا ايس. تمه مُوکهه ڇهه کرمژه الله تعالیٰ ان تهنزه سارے عمله بے کار. تمن هند ثواب تمن ڪُنه قسمه آخرتس منز حاصل سپدِ نه. يه کُتهه ڇهه الله تعالیٰ اس پٿش آسان يعني تهنزه عمله بيکار کرنه. تهنزه بُزدلی هنز حالتھ ڇهه اژهه کهِ يَحْسَبُوْنَ الْاَحْزَابَ لَمْ يَذْهَبُوْا تمن ڇهه گمانه کہ دشمن هنزه لشکره ڇهُنه ونه وَاپس گامژه. حالانکه تمو ڇُهه ڇٹن محاصره ته گھيره تُلمت وَاِنْ يَّاْتِ الْاَحْزَابُ يَوَدُّوْا لَوْ اَنَّهُمْ بَادُوْنَ فِي الْاَعْرَابِ يَسْاَلُوْنَ عَنْ اَنْۢبَاۗىِٕكُمْ ۭ وَلَوْ كَانُوْا فِيْكُمْ مَّا قٰتَلُوْٓا اِلَّا قَلِيْلًا هرگاه بيه دوباره دُشمن هنزه لشکره واپس ين تمِ کرن پننهِ خاطره پسند که گامَن اندر روزِتھ آسن کران تهندِ حالات بيِن لوگن نِشهِ دريافت، غالب گُهه گوو ته مغلوب گُهه گووپانه سپدِ هَن نه جنگه کين مُشکلاتن شامِل هرگاه بالفرض توهه سيت جنگس شامل ته روزن تُو ته کرن نه دشمن هند مُقابله مگر کمی. بل هاونه خاطره لَقَدْ كَانَ لَكُمْ فِيْ رَسُوْلِ اللّٰهِ اُسْوَةٌ حَسَنَةٌ لِّمَنْ كَانَ يَرْجُوا اللّٰهَ وَالْيَوْمَ الْاٰخِرَ وَذَكَرَ اللّٰهَ كَثِيْرًا واقعی ڇُهه تهندِ خاطره اي مسلمانو پيغمبر خدا جنگس اندر ثابت قدمی خاطره اکھ عمده نمونه اکھ. توهه اندره تمن لوکن هندِ خاطره يم اُميّد ڇهِ تھاوان خدا ايس سيتِ ملاقات کرنچ. بيه يم اميد ڇهِ تھاوان آخرتس اندره بڑهِ ثوانچ، بيه خدايه سند ياد ڇهِ کران سيٹهاه زياده تمن لوکن پزه که پرتهه مُعاملس اندر حرکت و سکونس نشست و برخواستس اندر همت و

وَصَدَقَ اللّٰهُ وَرَسُولُهٗ ۚ وَمَا زَادَهُمْ إِلَّآ إِيمَانًا وَتَسْلِيمًا ۗ ﴿٢٢﴾
مِنَ الْمُؤْمِنِينَ رِجَالٌ صَدَقُوا مَا عَاهَدُوا اللّٰهَ عَلَيْهِ ۖ فَمِنْهُمْ
مَّنْ قَضٰى نَحْبَهٗ وَمِنْهُمْ مَّنْ يَّنْتَظِرُ ۖ وَمَا بَدَّلُوا تَبْدِيلًا ﴿٢٣﴾ لِّيَجْزِيَ
اللّٰهُ الصّٰدِقِينَ بِصِدْقِهِمْ وَيُعَذِّبَ الْمُنٰفِقِينَ إِنْ شَآءَ أَوْ
يَتُوبَ عَلَيْهِمْ ۗ إِنَّ اللّٰهَ كَانَ غَفُورًا رَّحِيمًا ۚ ﴿٢۴﴾ وَرَدَّ اللّٰهُ الَّذِينَ
كَفَرُوا بِغَيْظِهِمْ لَمْ يَنَالُوا خَيْرًا ۚ وَكَفَى اللّٰهُ الْمُؤْمِنِينَ الْقِتَالَ ۗ

---

استقلالس اندر پکن تم تھندی قدمہ تھندی متابعتہ وَلَمَّا رَاَ الْمُؤْمِنُونَ الْاَحْزَابَ قَالُوا هٰذَا مَا وَعَدَنَا اللّٰهُ وَرَسُولُهٗ وَصَدَقَ اللّٰهُ وَرَسُولُهٗ وَمَا زَادَهُمْ اِلَّآ اِيمَانًا وَّتَسْلِيمًا باایمان کاملو وچھِ دشمن ہنزہ واریاہ لشکرہ حملہ کرتھ یوان ڈیپنہِ لگِ یُوسے چُھ سہ موقعہ یمیک وعدہ اَسہِ تھوومُت اوس خدائن تہ تھند پیغمبرن پُوزاوس فرموومُت خدائن تہ تھند پیغمبرن۔ یہ موقعہ پیش ینہ سیت ہُریونہ تمن مگر تھند ایمان تہ تھنزہ فرمانبرداری ہند جذبہ یہ وَصف اوس سارنے باایمانن اندر مُشترک بعضی اوصاف آس بعضی باایمانن اندر مخصوص تمن متعلق چُھ فرماوان اللہ تعالیٰ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ رِجَالٌ صَدَقُوا مَا عَاهَدُوا اللّٰهَ عَلَيْهِ تموے باایمانو اندرہ چھِ بعضی تم یمو پُورہ کورسہ وعدہ جان نثاری ہُندی یُس تموِ کورمُت اوس خدائس سیت فَمِنْهُمْ مَّنْ قَضٰى نَحْبَهٗ وَمِنْهُمْ مَّنْ يَّنْتَظِرُ وَمَا بَدَّلُوا تَبْدِيلًا چنانچہِ تمو اندرہ کرُ بعضیو پُورہ پننِ ذمّہ واری یعنی شہید سپدِ جنگ کران۔ بیہ چھ تمو اندرہ یم تمہِ کس انتظارس اندر چھِ کہ کرواتہِ اَسہِ تہ اَمہِ شہادتکہِ سَعادتک موقعہ۔ تمو کورنہ تبدیل پنہ نس معاہدس اندر اکھ ذرہ تہِ لِّيَجْزِيَ اللّٰهُ الصّٰدِقِيْنَ بِصِدْقِهِمْ یہِ واقعہ سپد یمہِ کتھہِ موکھ یُتھ اللہ تعالیٰ پزیارِس پزچ مزدوری دِیہ وَيُعَذِّبَ الْمُنٰفِقِيْنَ اِنْ شَآءَ اَوْ يَتُوْبَ عَلَيْهِمْ بیہ یُتھ عذاب کرہ اللہ تعالیٰ یمن منافقن ہرگاہ سہ یژھِ نہ دیہ تمن توبہ کرنک توفیق اِنَّ اللّٰهَ كَانَ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا پزپاٹھ اللہ تعالیٰ چھ ہمیشہ سیٹھاہ مغفرت کرہ ون سیٹھاہ رحم کرہ ون تمسند تمن نشہِ توبہ قبول کرن چھنہ کینہہ بعید تہ دور وَرَدَّ اللّٰهُ الَّذِيْنَ

وَكَانَ اللّٰهُ قَوِيًّا عَزِيْزًا ﴿۲۵﴾ وَاَنْزَلَ الَّذِيْنَ ظَاهَرُوْهُمْ مِّنْ اَهْلِ
الْكِتٰبِ مِنْ صَيَاصِيْهِمْ وَقَذَفَ فِيْ قُلُوْبِهِمُ الرُّعْبَ فَرِيْقًا
تَقْتُلُوْنَ وَتَاْسِرُوْنَ فَرِيْقًا ﴿۲۶﴾ وَاَوْرَثَكُمْ اَرْضَهُمْ وَدِيَارَهُمْ وَ
اَمْوَالَهُمْ وَاَرْضًا لَّمْ تَطَؤُوْهَا ۚ وَكَانَ اللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرًا ﴿۲۷﴾
يٰۤاَيُّهَا النَّبِيُّ قُلْ لِّاَزْوَاجِكَ اِنْ كُنْتُنَّ تُرِدْنَ الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا
وَزِيْنَتَهَا فَتَعَالَيْنَ اُمَتِّعْكُنَّ وَاُسَرِّحْكُنَّ سَرَاحًا جَمِيْلًا ﴿۲۸﴾

---

كَفَرُوْا بِغَيْظِهِمْ لَمْ يَنَالُوْا خَيْرًا اللہ تعالیٰ اُن کورپنہ قدرت سیت کافر دفع مدینہ شریفہ نشہ ڙکھہ ہتھے۔ تمن پیووئہ پلہ کہنی۔ تمِ یمہ مقصدہ آمت آسِ سُہ مقصد سپد کھ نہ پورہ ڙکھ شرپکھ پنہ نین کاڈین۔ وَكَفَى اللّٰهُ الْمُؤْمِنِيْنَ الْقِتَالَ اللہ تعالیٰ سپد کافی اتھ جنگس اندر باایمانن تمن پیہ نہ جنگ کرنچ ضرور تھے۔ جنگ نہ کرنے کور اللہ تعالیٰ اُن کافِرن ہند شرٗ دفع وَكَانَ اللّٰهُ قَوِيًّا عَزِيْزًا اللہ تعالیٰ چھہ ہمیشہ سیٹھاہ قوتہ وول سیٹھاہ غالب تس نشہ چھنہ کافرن اَمہ طریقہ شکست دِین کینہہ عجائب تہ نو کتھاہ وَاَنْزَلَ الَّذِيْنَ ظَاهَرُوْهُمْ مِّنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ مِنْ صَيَاصِيْهِمْ وَقَذَفَ فِيْ قُلُوْبِهِمُ الرُّعْبَ فَرِيْقًا تَقْتُلُوْنَ وَتَاْسِرُوْنَ فَرِيْقًا بیہ یمو اہل کتابو یعنی یہودو یمو بد عہدی کرِ تھ کافرن مدد دتمت اوس تمِ وال اللہ تعالیٰ اِن بیہ پنہ نیو قلایو اندرہ بون۔ یمن منز تم محصور اس۔ بیہ ترووٗن تہندین دِلن اندر سخت رُعب تہ ہیبت توہہ مُسلمانن ہند چنانچہ تمو اندرہ مارووکھ توہ بعضی لوکھ بعضی کرووکھ گرفتار وَاَوْرَثَكُمْ اَرْضَهُمْ وَدِيَارَهُمْ وَاَمْوَالَهُمْ وَاَرْضًا لَّمْ تَطَؤُوْهَا بیہ کروہ تہہ وارث تہ مالک اللہ تعالیٰ اُن تہندین زمینن ہندِ تہندین گرن ہند۔ تہندین مالن ہندِ بیہ تمہِ زمینک یپارنہ تُہہ پکمت تہِ آسوہ زانہہ یعنی زمینِ خیبر ک وَكَانَ اللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرًا اللہ چُھہ ہمیشہ پرتھ چیزس پیٹھ قدرتہ وول۔ يٰۤاَيُّهَا النَّبِيُّ قُلْ لِّاَزْوَاجِكَ اِنْ كُنْتُنَّ تُرِدْنَ الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا وَزِيْنَتَهَا فَتَعَالَيْنَ اُمَتِّعْكُنَّ وَاُسَرِّحْكُنَّ سَرَاحًا جَمِيْلًا ای پیغمبرِ برحق تُہہ فرماوِ وحض پنہ نین زنانن ہرگاہ تُہہ ژھانڈان چھوہ دنیاء چ زندگی بیہ تمہِ زندگی ہند

وَإِنْ كُنْتُنَّ تُرِدْنَ اللّٰهَ وَرَسُولَهُ وَالدَّارَ الْاٰخِرَةَ فَإِنَّ
اللّٰهَ أَعَدَّ لِلْمُحْسِنٰتِ مِنْكُنَّ أَجْرًا عَظِيمًا ﴿٢٩﴾ يٰنِسَآءَ
النَّبِيِّ مَنْ يَّأْتِ مِنْكُنَّ بِفٰحِشَةٍ مُّبَيِّنَةٍ يُّضٰعَفْ
لَهَا الْعَذَابُ ضِعْفَيْنِ ؕ وَكَانَ ذٰلِكَ عَلَى اللّٰهِ يَسِيرًا ﴿٣٠﴾
وَمَنْ يَّقْنُتْ مِنْكُنَّ لِلّٰهِ وَرَسُولِهٖ وَتَعْمَلْ صٰلِحًا
نُّؤْتِهَآ أَجْرَهَا مَرَّتَيْنِ ۙ وَأَعْتَدْنَا لَهَا رِزْقًا كَرِيمًا ﴿٣١﴾ يٰنِسَآءَ

---

سازو سامان تله پکو مه نشه ئیو ئیه کره تو ہه دنیاء ک مال و متاع عطا کرِ تھ رخصت رتهِ طریقه۔ طلاق دِ موود
یتھ یته نس خوش کروه تتهِ نس گڑھتھ کرو تهه حاصل دنیاء ک سازو سامان۔ وَإِنْ كُنْتُنَّ تُرِدْنَ اللّٰهَ
وَرَسُولَهُ وَالدَّارَ الْاٰخِرَةَ فَإِنَّ اللّٰهَ أَعَدَّ لِلْمُحْسِنٰتِ مِنْكُنَّ أَجْرًا عَظِيمًا تے چھوه تهه ژھانڈان
خداته تھند رسول یعنی یمنی موجوده حالتسے پیٹھ کرو تهه قناعت بیه کرو اختیار عالمِ آخرت یعنی جنتک
تھود درجه یم رسولِ کریم صلی اللہ علیه وسلم سند حرم محترم آسنه مُو که تھندِ ه خاطره مُقرر کرنه آمُت چھُه
یُس یوسه تو ہه اندر نیکو کار آسِه تمسندِ ه خاطره چھه اللہ تعالیٰ ان تیار تھاو مرِ بڈ مزدور۔ اُو تانِ لوس نبی کریمه ﷺ
سندِ ه طرفه بحکمِ خدا ازواجِ طاهراتن گن خطاب اَمِه پته چھُه اللہ تعالیٰ فرماوان تمن ازواج طاهراتن يٰنِسَآءَ
النَّبِيِّ مَنْ يَّأْتِ مِنْكُنَّ بِفٰحِشَةٍ مُّبَيِّنَةٍ يُّضٰعَفْ لَهَا الْعَذَابُ ضِعْفَيْنِ وَكَانَ ذٰلِكَ عَلَى
اللّٰهِ يَسِيرًا ای بڈس پیغمبره سنزو باژوته زنانو یُوسه اکھاه تو ہه اندره کانهه بے ہوده کاماه کره یعنی
تیتھ معاملاه کره یمه سیت نبی کریم صلی اللہ علیه وسلم دِل تنگ ته پریشان گژھن تَس یییه آخر تَس اندر
دوگن عذاب کرنه تِه چھُه اللہ تعالیٰ اس آسان۔ تس ہیکه نه تمه نشِه کانهه چیز پته رٹتھ وَمَنْ يَّقْنُتْ
مِنْكُنَّ لِلّٰهِ وَرَسُولِهٖ وَتَعْمَلْ صٰلِحًا نُّؤْتِهَآ أَجْرَهَا مَرَّتَيْنِ وَأَعْتَدْنَا لَهَا رِزْقًا كَرِيمًا بیه یُوسه
اکھاه تو ہه اندره فرماں برداری کرِه خدایه سنز بیه تسندس پیغمبره سنز بیه کرِه رژ عمل تَس دِ مواس مزورِ ته
دوگن بیه چھُه اَسِه تسندِ ه خاطره عزتک روزی تیار تھومت يٰنِسَآءَ النَّبِيِّ لَسْتُنَّ كَأَحَدٍ مِّنَ النِّسَآءِ إِنِ

النَّبِيِّ لَسْتُنَّ كَأَحَدٍ مِّنَ النِّسَآءِ إِنِ اتَّقَيْتُنَّ فَلَا تَخْضَعْنَ
بِالْقَوْلِ فَيَطْمَعَ الَّذِي فِي قَلْبِهِ مَرَضٌ وَّقُلْنَ قَوْلًا مَّعْرُوفًا ﴿٣٢﴾
وَقَرْنَ فِي بُيُوتِكُنَّ وَلَا تَبَرَّجْنَ تَبَرُّجَ الْجَاهِلِيَّةِ الْأُولَىٰ
وَأَقِمْنَ الصَّلَاةَ وَآتِينَ الزَّكَاةَ وَأَطِعْنَ اللَّهَ وَرَسُولَهُ
إِنَّمَا يُرِيدُ اللَّهُ لِيُذْهِبَ عَنكُمُ الرِّجْسَ أَهْلَ الْبَيْتِ
وَيُطَهِّرَكُمْ تَطْهِيرًا ﴿٣٣﴾ وَاذْكُرْنَ مَا يُتْلَىٰ فِي بُيُوتِكُنَّ

---

اتَّقَيْتُنَّ فَلَا تَخْضَعْنَ بِالْقَوْلِ فَيَطْمَعَ الَّذِي فِي قَلْبِهِ مَرَضٌ وَّقُلْنَ قَوْلًا مَّعْرُوفًا اے بڈس پیغمبره سنزوزنانو تهه چهوه نه عام زنانو اندره کانسه زنانه هشه بلکه چهه تهند مرتبه سیٹهاه تهود هرگاه تهه پرهیزگاری اختیار کرو۔ پس گڑهن نه تهنزه وو پر مردن سیت نرمٔ ترایه نزاکته سان کتهه کرنه۔ یله کتهه کرنچ ضرورت پیه۔ یتهنه سٔه شخص یس دلس منز پچه خیالن هنز بیمارے آسهِ توه نسبت پچه خیالچ خواهش کره۔ بیه آسو کتهه کران عام دستوره مطابق۔ اِشاروته کنایو ورائے وَقَرْنَ فِي بُيُوتِكُنَّ وَلَا تَبَرَّجْنَ تَبَرُّجَ الْجَاهِلِيَّةِ الْأُولَىٰ بیه کروتهه قرار پنه نین گرن اندر۔ بیه مه آسو برونٹهم یاٹهه ووپر مردن زینت هاونه خاطره شیرت پیرت گرو منزه نیبر نیران۔ وَأَقِمْنَ الصَّلَاةَ وَآتِينَ الزَّكَاةَ وَأَطِعْنَ اللَّهَ وَرَسُولَهُ بیه آسو سارے نمازه برپا تهاوان بیه آسوز کوۃ ادا کران۔ کیازه یم دوشوے چهه اسلامک بڈ نشانه بیه کرو فرمانبرداری خدایه سنز بیه تهندس پیغمبره سنز۔ تهند سارِی احکام آسو بجاانان یم احکام بجالانه نس اندر چهه تهندوی فائده إِنَّمَا يُرِيدُ اللَّهُ لِيُذْهِبَ عَنكُمُ الرِّجْسَ أَهْلَ الْبَيْتِ وَيُطَهِّرَكُمْ تَطْهِيرًا یم احکام بیان کرنه اندره چهنه الله تعالیٰ سند اراده کینهه ته مگر توهه نشهِ گنهن هنز کثافت دُور کرن ای پیغمبره سندیو گره والیو بیه چهه سٔه یژهان توهه پاک وپاکیزه کرن وَاذْكُرْنَ مَا يُتْلَىٰ فِي بُيُوتِكُنَّ مِنْ آيَاتِ اللَّهِ وَالْحِكْمَةِ بیه کرو یادِ خدایه سُند تم آیات یم پرنه یوان چهه تُهندین گرن اندر بیه ته عقله هنزه کتهه یمه بیان کرنه چهه یوان یعنی احکامِ خداوندی۔ إِنَّ اللَّهَ كَانَ لَطِيفًا خَبِيرًا ته تهاوِو خیال که پز

مِنْ اٰيٰتِ اللّٰهِ وَالْحِكْمَةِ ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ لَطِيْفًا خَبِيْرًا ﴿٣٤﴾ ع
اِنَّ الْمُسْلِمِيْنَ وَالْمُسْلِمٰتِ وَالْمُؤْمِنِيْنَ وَالْمُؤْمِنٰتِ
وَالْقٰنِتِيْنَ وَالْقٰنِتٰتِ وَالصّٰدِقِيْنَ وَالصّٰدِقٰتِ وَالصّٰبِرِيْنَ
وَالصّٰبِرٰتِ وَالْخٰشِعِيْنَ وَالْخٰشِعٰتِ وَالْمُتَصَدِّقِيْنَ وَ
الْمُتَصَدِّقٰتِ وَالصَّآئِمِيْنَ وَالصّٰٓئِمٰتِ وَالْحٰفِظِيْنَ
فُرُوْجَهُمْ وَالْحٰفِظٰتِ وَالذّٰكِرِيْنَ اللّٰهَ كَثِيْرًا وَّ
الذّٰكِرٰتِ اَعَدَّ اللّٰهُ لَهُمْ مَّغْفِرَةً وَّاَجْرًا عَظِيْمًا ﴿٣٥﴾

---

پاڻ الله تعاليٰ ڇھ رازدان لٽس ڇھ سارڇي پور خبر، لھذا اگرڇھ ظاھر اُوباطناً تمسندين حڪمن ھند تعميل ڪرن بيه گرڇھ تمسند يو ممنوع چيز وَنشه پڇھ روزُن اِنَّ الْمُسْلِمِيْنَ وَالْمُسْلِمٰتِ وَالْمُؤْمِنِيْنَ وَالْمُؤْمِنٰتِ وَالْقٰنِتِيْنَ وَالْقٰنِتٰتِ وَالصّٰدِقِيْنَ وَالصّٰدِقٰتِ وَالصّٰبِرِيْنَ وَالصّٰبِرٰتِ وَالْخٰشِعِيْنَ وَالْخٰشِعٰتِ وَالْمُتَصَدِّقِيْنَ وَ الْمُتَصَدِّقٰتِ وَالصَّآئِمِيْنَ وَالصّٰٓئِمٰتِ وَالْحٰفِظِيْنَ فُرُوْجَهُمْ وَالْحٰفِظٰتِ وَالذّٰكِرِيْنَ اللّٰهَ كَثِيْرًا وَّ الذّٰكِرٰتِ اَعَدَّ اللّٰهُ لَهُمْ مَّغْفِرَةً وَّاَجْرًا عَظِيْمًا بيشڪ مسلمان مرد تہ مسلمان زنانہ ايماندار مرد بيه ايماندار زنانہ بيه پرٚيار مرد تہ بيه پرٚيارِہ زنانہ بيه صبر ڪرہ ون مرد تہ صبر ڪرہ ونہ زنانہ۔ بيه خشوع و خضوع ڪرہ ون مرد تہ بيه خشوع و خضوع ڪرہ ونہِ زنانہ، بيه خيرات و صدقات ڪرہ ون مرد تہ خيرات و صدقات ڪرہ ونہ زنانہ، روزہ دار روزہ ون مرد تہ روزہ دار، روزہ ونہ زنانہ۔ بيه پنہ نين ستره چن جاين راڇھے ڪرہ ون مرد تہ زنانہ، بيه سيٹھاہ يادِ خدا ڪرہ ون مرد تہ سيٹھاہ ياد خدا ڪرہ ونہ زنانہ، يمن سارنے ھندِ ہ خاطرہ ڇھ الله تعاليٰ اَن بوڈ مغفرت تہ بڈ مزدورِ تيار تھاومژ۔ وَمَا كَانَ لِمُؤْمِنٍ وَّلَا مُؤْمِنَةٍ اِذَا قَضَى اللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗٓ اَمْرًا اَنْ يَّكُوْنَ لَهُمُ الْخِيَرَةُ مِنْ اَمْرِهِمْ بيه ڇھنہ ڪانسہ ايماندار مردس تہ ڪانسہِ ايمان دار زنانہ گنجائش يمہ ڪٿھ ھنز ڪہ يلہ خدائن بيه تھند پيغمبرن ڪانہہ حُڪماہ

وَمَا كَانَ لِمُؤْمِنٍ وَّلَا مُؤْمِنَةٍ إِذَا قَضَى اللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗٓ أَمْرًا أَنْ
يَّكُوْنَ لَهُمُ الْخِيَرَةُ مِنْ أَمْرِهِمْ ۗ وَمَنْ يَّعْصِ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ فَقَدْ
ضَلَّ ضَلٰلًا مُّبِيْنًا ﴿٣٦﴾ وَإِذْ تَقُوْلُ لِلَّذِيْٓ أَنْعَمَ اللّٰهُ عَلَيْهِ وَأَنْعَمْتَ
عَلَيْهِ أَمْسِكْ عَلَيْكَ زَوْجَكَ وَاتَّقِ اللّٰهَ وَتُخْفِيْ فِيْ نَفْسِكَ
مَا اللّٰهُ مُبْدِيْهِ وَتَخْشَى النَّاسَ ۚ وَاللّٰهُ أَحَقُّ أَنْ تَخْشٰهُ ۗ فَلَمَّا

جاری کور۔ ادہ کیاہ آسہِ ہاتس مردس یا زنانہ اختیار تتھ حکمس اندر پننہ گنہ حکمہ سیت مداخلت کرنچ یعنی برابری زانہ ہَن تتھ حکمس تعمیل کرنہ تہ نہ کرن ۔ بلکہ چھ تمن واجب تتھ حکمس تعمیل کرن وَمَنْ يَّعْصِ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ فَقَدْ ضَلَّ ضَلٰلًا مُّبِيْنًا یُس اکھاہ نافرمانی کرہ خدایہ سندس پیغمبرہ سندِ گنہ حکمس پڑ پاٹھہ سُہ پیوونہِ گمراہی اندر۔ یتہ نس چھ لفظِ مؤمن کس عمومس اندر حضرت عبداللہ بن جحش بیہ لفظ مؤمنہ کس عمومس اندر حضرت زینب بنت جحش داخل بیہ امر ہُم کس عمومس اندر حضرت زید بن حارثہ سیت نکاح کرُن داخل۔ چنانچہ یم آیہ کریمہ نازل سپدنہ پتہ سپد یہ نکاح منظور وَإِذْ تَقُوْلُ لِلَّذِيْٓ أَنْعَمَ اللّٰهُ عَلَيْهِ وَأَنْعَمْتَ عَلَيْهِ أَمْسِكْ عَلَيْكَ زَوْجَكَ وَاتَّقِ اللّٰهَ بیہ یاوو ژِ تمیس یلہ تُہہ ای پیغمبر برحق بطور مشورہ وَنان آسوہ تَس شخصس یُس پیٹھ اللہ تعالیٰ اَن مہربانی تہ انعام کورکہ مُشرف باسلام کرون یُوسہ دینی نعمت چھہ، غلامی نِشہِ موکلودن یُوسہ دنیوی نعمت چھہ بیہ یُس پیٹھ تُہہ تہ مہربانی تہ انعام کوروہ کہ تُہہ کورون سُہ آزاد بیہ کروس دینچ تعلیم بیہ کوروس پننہ پُھپھترہ ہمشیرس سیت نکاح امہ اندرہ چھہ مراد حضرت زید بن حارثہ تُہہ آسوہ تس فرماوان ای زید پنن آشین (یعنی بی بی زینب) رٹن پانس نِشہِ پتہ نس نکاحس اندر سومہ تراون نکاحہ اندرہ معمولی غلطیو سبب۔ تمسزن غلطین گن مہ آس دچھان بیہ کھوژ خدایس تمسندین حقوقن اندر مہِ کرِو کوتاہی تہ کمی وَتُخْفِيْ فِيْ نَفْسِكَ مَا اللّٰهُ مُبْدِيْهِ بیہ یاوو تُہہ تہ ژیتس سوکتھ یُوسہ تُہہ آسوہ یارسول اللہ پنہ نسی پانس منز پوشیدہ تھاوان۔ یتھ آخرکار اللہ تعالیٰ ننر اوہ ون اوس یعنی تُہہ آس خاہش دِل مبارکس کہ ہرگاہ حضرت زید بن حارثہ رضی اللہ عنہ زینبس طلاق دیہ تیلہِ کرہ بوپانہ تمن سیت نکاح وَتَخْشَى النَّاسَ وَاللّٰهُ أَحَقُّ أَنْ تَخْشٰهُ تُہہ آسوہ نہ سُہ خیال ننر اوان لوکن ہنزہ

قَضٰى زَيْدٌ مِّنْهَا وَطَرًا زَوَّجْنٰكَهَا لِكَيْ لَا يَكُوْنَ عَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ
حَرَجٌ فِيْٓ اَزْوَاجِ اَدْعِيَآئِهِمْ اِذَا قَضَوْا مِنْهُنَّ وَطَرًا ۭ وَكَانَ اَمْرُ
اللّٰهِ مَفْعُوْلًا ﴿٣٧﴾ مَا كَانَ عَلَى النَّبِيِّ مِنْ حَرَجٍ فِيْمَا فَرَضَ اللّٰهُ لَهٗ ۭ
سُنَّةَ اللّٰهِ فِي الَّذِيْنَ خَلَوْا مِنْ قَبْلُ ۭ وَكَانَ اَمْرُ اللّٰهِ قَدَرًا مَّقْدُوْرًا ﴿٣٨﴾
الَّذِيْنَ يُبَلِّغُوْنَ رِسٰلٰتِ اللّٰهِ وَيَخْشَوْنَهٗ وَلَا يَخْشَوْنَ اَحَدًا اِلَّا

---

طعنه زنی سببہ۔ تُهه آسوه لوکن ھنزه طعنه زنی کھوڙان۔ حالانکه الله تعالیٰ اوس زیاده سزاوار که تُهه کھوڙ هولس۔ چونکه یتھ معاملس اندراس فی الواقع اکھ دینی مصلحتھاه۔ لهذا امہ کروتُهه کانهہ اندیشه لوکن ھنزه طعنه زنی ہند فَلَمَّا قَضٰى زَيْدٌ مِّنْهَا وَطَرًا زَوَّجْنٰكَهَا لِكَيْ لَا يَكُوْنَ عَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ حَرَجٌ فِيْٓ اَزْوَاجِ اَدْعِيَآئِهِمْ اِذَا قَضَوْا مِنْهُنَّ وَطَرًا ادیہ یلہِ زید بن حارثن پُور کورپنن مقصد تہ تم دیت بی بی زینبس طلاق تمیک سہ برونٹھ پیٹھ خواہش منداوس توپتہ مُوکلے یہ تمس پورعدّت اَسہِ کور نکاح توہہ یار سول الله صلی الله علیہ وسلم لتس بی بی زینبس سیتِ یُوہے گوونکاح آسمانی یُتھنہ اَمہ سیت آئندہ بایمانن کانہہ حرج واقع سپده پنہ نین منگتن ھنزن زنانن سیت نکاح کرنس اندر یلہِ تم منگتہ تہِ تمن نشہِ پنن مقصد پوره آسن کران۔ وَكَانَ اَمْرُ اللّٰهِ مَفْعُوْلًا خدایہ سند حُکم اوس بہرحال پوره سپده ون تتھ کتھہ پاٹھے گژھہ ہابدل مَا كَانَ عَلَى النَّبِيِّ مِنْ حَرَجٍ فِيْمَا فَرَضَ اللّٰهُ لَهٗ سُنَّةَ اللّٰهِ فِي الَّذِيْنَ خَلَوْا مِنْ قَبْلُ کانهہ حرج تہ الزام اوسنہ تمس پیغمبرِ برحقس سوکام کرنس اندر یوسہ مقرر آس کرمژ تہندِه حقہ الله تعالیٰ اَن خدایہ سند چھہ یُوہے دستور رودمُت تمن پیغمبرن اندر یم برونٹھ گذرے متِ چھہِ۔ کہ تمن یمہ کامہِ ہند حکم آو کرنہ سوه کام آس تم کران کانسہِ ہنده طعنه زنی ہند خوف کرنہ ورائے۔ تتھے پاٹھے چھہ تمس پیغمبر برحقہ سُند شان تہ وَكَانَ اَمْرُ اللّٰهِ قَدَرًا مَّقْدُوْرًا خدایہ سندین یمن پیغمبرن ھنزه امہِ قسمچہ یم کام آسِ تمن سارنے کامین اندر تہ اوس خدایہ سُند حُکم برونٹھ پیٹھے مقرر کرنہ آمت الَّذِيْنَ يُبَلِّغُوْنَ رِسٰلٰتِ اللّٰهِ یم ساری گزشتہ پیغمبر آس تمے یم زن پروردگاره سندِ احکامات آسِ لکن واتہ

اللّٰهَ ۗ وَكَفٰى بِاللّٰهِ حَسِيْبًا ﴿٣٩﴾ مَا كَانَ مُحَمَّدٌ اَبَآ اَحَدٍ مِّنْ رِّجَالِكُمْ
وَلٰكِنْ رَّسُوْلَ اللّٰهِ وَخَاتَمَ النَّبِيّٖنَ ۗ وَكَانَ اللّٰهُ بِكُلِّ شَيْءٍ
عَلِيْمًا ﴿٤٠﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اذْكُرُوا اللّٰهَ ذِكْرًا كَثِيْرًا ﴿٤١﴾ وَّ
سَبِّحُوْهُ بُكْرَةً وَّاَصِيْلًا ﴿٤٢﴾ هُوَ الَّذِيْ يُصَلِّيْ عَلَيْكُمْ وَمَلٰٓئِكَتُهٗ

---

ناوان۔ بیہ اس گنہ وقتہ تبلیغ قولی خیطرہ مامور سپدان۔ تمہ ساتہ آس تبلیغ قولی کران۔ یمہ ساتہ تبلیغ فعلی خیطرہ مامور سپدان آس تمہِ ساتہ آس فعلی تبلیغ کران۔ یتھٕس تہ سپد حُکم نبی کرتمس کہ برونٹھم اکھ بے دلیل رسماہ پھٹراوِو تُھی پنہ فعلہ سیتے سہ گوو کہ منگتہ پچوے سنزہ زنانہ سیتے کروتُھے عملاً نکاح تمِ سیتے پھٹہ یہِ اکھ جاہلیتک بے دلیل رسماہ وَيَخْشَوْنَهٗ وَلَا يَخْشَوْنَ اَحَدًا اِلَّا اللّٰهَ تمِ پیغمبر آس اللہ تعالیٰ اس کھو ژان بیہ آس نہ کانسہ کھوژان اللہ تعالیٰ آس ورائے تہندِہ مزید تسلی خاطرہ آس ونان وَكَفٰى بِاللّٰهِ حَسِيْبًا اللہ تعالیٰ ای چھہ اعمالن حساب ہینہ خاطرہ بس۔ وون کیاہ چھہ بیہ کانسہ کھوژن توہہ یم لوکھ تعمیل احکام خداوندی کرنس پیٹھ طعنہ زنی کرن تمن تہ کرہ اللہ تعالیٰ عذابس گرفتار۔ لہذا مہِ سپدِ وُتھہ غمگین تہ پریشان مَا كَانَ مُحَمَّدٌ اَبَآ اَحَدٍ مِّنْ رِّجَالِكُمْ وَلٰكِنْ رَّسُوْلَ اللّٰهِ وَخَاتَمَ النَّبِيّٖنَ وَكَانَ اللّٰهُ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمًا حضرتِ محمد ﷺ چھونہ توہہِ مردو اندرہ کانسہ اکسند بابہ صاَب۔ زید بن حارثہ سُندے کتھ پاٹھے آسہ ہن پیغمبرہ سندِہ روحانی مُربّی آسنہ موکھ چھہ تمِ توِہہ سارنی ہندے روحانی بابہ صاَب اتھ روحانیتس منز چھہ تمن کمالک درجہ حاصل کیازہ تمِ چھہ سارنے پیغمبرن ختم کرہ ونِ۔ یعنی سلسلہ نبوتس آیہ تہندِہ سیتے مہر کرنہ ونِ ہیکہ نہ آئندہ تمن پتہ کانہہ پیغمبر ییتھ۔ حضرتِ عیسیٰ ییہ آخر زمانس اندر بحیثیتِ اکھ اُمتیاہ، بحیثیت پیغمبر ییہ نہ۔ اللہ تعالیٰ چھہ پرِیتھ چیز کہ عدم وجودچ مصلحت پورہ زانہ ژن۔ یمہ معاملہ کہ وجودچ تہ مصلحچ آس تس خبرے تمی آویہ معاملہ وجودس اندر بی بی زینبہ سُند نکاح سپُد با حضرت رسولِ کریم صلی اللہ علیہ وسلم يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اذْكُرُوا اللّٰهَ ذِكْرًا كَثِيْرًا اے با ایمانو اکھ کرو خدایہ سندین عام احسانا تن ہندیاد بیہ بڈہ احسانچ شکر گذاری سہ گوو وجود مبارک حضرتِ رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلم تمہ احسانک تہ کرو شکر ادا خدایہ

لِيُخۡرِجَكُمۡ مِّنَ الظُّلُمٰتِ اِلَى النُّوۡرِ‌ؕ وَكَانَ بِالۡمُؤۡمِنِيۡنَ رَحِيۡمًا ﴿۴۳﴾
تَحِيَّتُهُمۡ يَوۡمَ يَلۡقَوۡنَهٗ سَلٰمٌ ۖۚ وَاَعَدَّ لَهُمۡ اَجۡرًا كَرِيۡمًا ﴿۴۴﴾ يٰۤاَيُّهَا
النَّبِىُّ اِنَّاۤ اَرۡسَلۡنٰكَ شَاهِدًا وَّمُبَشِّرًا وَّنَذِيۡرًا ۙ﴿۴۵﴾ وَّدَاعِيًا اِلَى
اللّٰهِ بِاِذۡنِهٖ وَسِرَاجًا مُّنِيۡرًا ﴿۴۶﴾ وَبَشِّرِ الۡمُؤۡمِنِيۡنَ بِاَنَّ لَهُمۡ مِّنَ

---

سند کرو بکثرت یاد تمسندین سارنے احکامن کرو تعمیل۔ وَّسَبِّحُوۡهُ بُكۡرَةً وَّاَصِيۡلًا بیہ آسوبپاکی تھند کران یاد صبح سں تہ شامس تہ یعنی ہمیشہ دلہ سیت تہِ زبوہ سیتے تہ بدنہ سیتے تہِ هُوَ الَّذِىۡ يُصَلِّىۡ عَلَيۡكُمۡ وَمَلٰۤـئِكَتُهٗ لِيُخۡرِجَكُمۡ مِّنَ الظُّلُمٰتِ اِلَى النُّوۡرِ‌ؕ وَكَانَ بِالۡمُؤۡمِنِيۡنَ رَحِيۡمًا سُہ پروردگار چھُہ یُتھ رحیم ئُس توہہ پیٹھ رحمت چھُہ سوزان پانہ تہ بیہ تھندہ حُکمہ تھند ملایک تہِ یُتھہ توہہ اَمہِ رحمتحہ برکتہ کڈہ وہ جہالت وضلالتہ کیو گٹو منزہ علم وہدایہ کس گاشس کُن امہ اندرہ سپُد ثابت کہ سُہ پروردگار چھُہ ہمیشہ ایمان دارن ہندہ حقہ رحمتہ وول دنیاءس اندر۔ آخرتس اندر تہ آسہِ تھنز رحمت تمن شامل۔ چنانچہ تَحِيَّتُهُمۡ يَوۡمَ يَلۡقَوۡنَهٗ سَلٰمٌ تعظیم وتکریم تھند آسہِ تمہِ دوہہ یمہ دوہہ تم تس سیت ملاقات کرن۔ سلامتی سان سلام تی گوو سَلٰمٌ قَوۡلًا مِّنۡ رَّبٍّ رَّحِيۡمٍ، حدیث شریفس منز چھُہ کہ اللہ تعالیٰ فرماوِ جنّتین السلام علیکم یا اہل الجنۃ۔ وَاَعَدَّ لَهُمۡ اَجۡرًا كَرِيۡمًا بیہ چھُہ تمِ تیار تھاومُت عزتچ مزُور تھندہ خاطرہ جنتس منز يٰۤاَيُّهَا النَّبِىُّ ای بڈہ پیغمبر تُہے مہ حض سپُدو دل آزردہ معمولی کنیہ ن لوگن ہندیو طعنو سیت اگر یمن بےوقوفن تھند تھود مرتبہ در یتھے چھنہ یوان، متہ اِی تنکھ، بایمانن یمہ رحمژ تہ مہربانیہ اَسہِ عطاکرِہ یمن ہند واسطہ چھُوہ تُہے تھندین مخالفن بیہ سزادِنہ تھندس بیانس پیٹھ توہہ نش بیہ نہ تمیک ثبوت منگنہ کینہہ تہ۔ امی سیت سپد ثابت کہ تُہے کمہ درجہ چھُوہ اَسہِ نشہِ مقبول تہ محبوب اِنَّاۤ اَرۡسَلۡنٰكَ بے شک اَسہِ ہز سوزو تُہہ یمہ تھدہ شانک پیغمبرہ کہ تُہہ آسو قیامتک دوہ شَاهِدًا اُمتہ خاطرہ پانہ سرکاری گواہ تُہندی بیانہ موجب بیہ تھند فیصلہ کرنہ۔ وَّمُبَشِّرًا وَّنَذِيۡرًا تُہی چھوہ بایمانن بشارت تہ خوش خبری دوہ ون بیہ کافرن بیم کرہ ون وَّدَاعِيًا اِلَى اللّٰهِ بِاِذۡنِهٖ وَسِرَاجًا مُّنِيۡرًا بیہ سوزے وہ اَسہِ

اللّٰهِ فَضْلًا كَبِيْرًا ﴿٤٧﴾ وَلَا تُطِعِ الْكٰفِرِيْنَ وَالْمُنٰفِقِيْنَ وَدَعْ اَذٰىهُمْ
وَتَوَكَّلْ عَلَى اللّٰهِ ۭ وَكَفٰى بِاللّٰهِ وَكِيْلًا ﴿٤٨﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِذَا
نَكَحْتُمُ الْمُؤْمِنٰتِ ثُمَّ طَلَّقْتُمُوْهُنَّ مِنْ قَبْلِ اَنْ تَمَسُّوْهُنَّ
فَمَا لَكُمْ عَلَيْهِنَّ مِنْ عِدَّةٍ تَعْتَدُّوْنَهَا ۚ فَمَتِّعُوْهُنَّ
وَسَرِّحُوْهُنَّ سَرَاحًا جَمِيْلًا ﴿٤٩﴾ يٰٓاَيُّهَا النَّبِيُّ اِنَّآ اَحْلَلْنَا

---

تُهه لوکن نادِوه وني معبودِ برحقس ڏي تهندي حڪم سان بشارت ته بيم ڪرڻ ته دعوت ڏيڻي ڇهه بواسطه تبليغ. مگر بذاتِ خود ڇهوه تُهه ڪمالا تو ته ڌديو صفتو عادا تو ته عباداتوڪني از سر تا پاهڏاتيڪ نمونه آسنس اندر اکهه نپه ڪره ون ته پريزله ون ٿونگاه لهذا اتراوِ وڃي ساري غم تُهه روزو مشغول پته ڪامه سيت سوگيه ييهي ڪه وَبَشِّرِ الْمُؤْمِنِيْنَ بِاَنَّ لَهُمْ مِّنَ اللّٰهِ فَضْلًا كَبِيْرًا ونو خوشخبري ايماندارن ڪه تُهنده خاطره ڇهه پروردگاره سندِه طرفه تمن پيٺه بوڏ فضل سپده ون يته پاٺه روزِو تهہ بيم ڪران ڪافرته منافقن بڏهِ عذابگ وَلَا تُطِعِ الْكٰفِرِيْنَ وَالْمُنٰفِقِيْنَ وَدَعْ اَذٰىهُمْ وَتَوَكَّلْ عَلَى اللّٰهِ وَكَفٰى بِاللّٰهِ وَكِيْلًا بيه مه مانو ڪافرن ته منافقن هنزه ڪٿه بيه مهِ ڪَر وتهنده تڪليف ڊنگ ڪانهه پروا. هرگاه اميڪ خيال دِل مبارڪس منز ييه اعتماد ڪروتمهِ وقته معبود برحقس پيٺه سه رُڇهِ توهه پريته ضرر نشهِ بس ڇهه الله تعالیٰ ڪارساز آسنه ڪنِ ڪافی يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِذَا نَكَحْتُمُ الْمُؤْمِنٰتِ ثُمَّ طَلَّقْتُمُوْهُنَّ مِنْ قَبْلِ اَنْ تَمَسُّوْهُنَّ فَمَا لَكُمْ عَلَيْهِنَّ مِنْ عِدَّةٍ تَعْتَدُّوْنَهَا اي باايمانو يله تُهه باايمان زنانن سيت نڪاح ڪرو توپته ديو تمن طلاق تهِهه ڪرنه ته اتهه لاگنه يعني تمن سيتي هم بستري ڪرنه برونٺي اده ڇهنه توهه ڪانهه حق تمس عدتس منز ٿهاونُڪ تا ڪه گنزراو هوتُهه تهنده عدنڪ دوه يعني تمن ڇهنه عد تهِ. تمن ڇهنه پيارنوي. تمه هيڪن فوراً بيس شخصس سيت نڪاح ڪرتهِ فَمَتِّعُوْهُنَّ وَسَرِّحُوْهُنَّ سَرَاحًا جَمِيْلًا پس واتناوِو تمن ڪانهه فائده يعني تمن ديو ڪينهه لباس پوشاڪ حسب حيثيت. ڪنيڙهاه دتهه ڪرو تمن رته طريقه رخصته.

يٰٓاَيُّهَا النَّبِيُّ اِنَّآ اَحْلَلْنَا لَكَ اَزْوَاجَكَ الّٰتِيْٓ اٰتَيْتَ اُجُوْرَهُنَّ وَمَا مَلَكَتْ يَمِيْنُكَ مِمَّآ اَفَاۤءَ اللّٰهُ عَلَيْكَ

لَكَ أَزْوَاجَكَ الّٰتِيْٓ اٰتَيْتَ أُجُوْرَهُنَّ وَمَا مَلَكَتْ يَمِيْنُكَ
مِمَّآ أَفَآءَ اللّٰهُ عَلَيْكَ وَبَنٰتِ عَمِّكَ وَبَنٰتِ عَمّٰتِكَ وَبَنٰتِ
خَالِكَ وَبَنٰتِ خٰلٰتِكَ الّٰتِيْ هَاجَرْنَ مَعَكَ ۫ وَامْرَأَةً
مُّؤْمِنَةً إِنْ وَّهَبَتْ نَفْسَهَا لِلنَّبِيِّ إِنْ أَرَادَ النَّبِيُّ أَنْ
يَّسْتَنْكِحَهَا ۗ خَالِصَةً لَّكَ مِنْ دُوْنِ الْمُؤْمِنِيْنَ ۭ قَدْ عَلِمْنَا
مَا فَرَضْنَا عَلَيْهِمْ فِيْٓ أَزْوَاجِهِمْ وَمَا مَلَكَتْ أَيْمَانُهُمْ
لِكَيْلَا يَكُوْنَ عَلَيْكَ حَرَجٌ ۭ وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا ﴿٥٠﴾

---

اے بڈِ پیغمبرہ بیشک اَسہِ کرہ حلال ژھندہ خاطرہ تِہنزہ تمہ زنانہ یمہ ون کینس ژھندس خدمتس منز حاضر چھہ۔ ژھندِس عقدس تل چھہ تمن توہہِ مہرہ دِیت وہ بیہ تمہ زنانہ یمن تُہے مالک چھوہ سپدٕ مت۔ مملک یمین یعنی کنیزہ یمہ دشمن نشہِ مالِ غنیمتس اندر توہہِ اللہ تعالیٰ ان عطا کرہِ مژہ چھہ وَبَنٰتِ عَمِّكَ وَبَنٰتِ عَمّٰتِكَ وَبَنٰتِ خَالِكَ وَبَنٰتِ خٰلٰتِكَ الّٰتِيْ هَاجَرْنَ مَعَكَ بیہ تِہنزہ پترہ بینہِ، بیہ پوپھترہ بینہِ، بیہ ماترہ بینہِ بیہ ماسترہ بینہِ تمو خاندانی رشتہ دار زنانو اندہ چھہ حلال توہہ پیٹھ تمہِ زنانہ تمو توہہِ سیت ہجرت کرٕ۔ وطن پتن تراوتھ آیہ وَامْرَأَةً مُّؤْمِنَةً إِنْ وَّهَبَتْ نَفْسَهَا لِلنَّبِيِّ إِنْ أَرَادَ النَّبِيُّ أَنْ يَّسْتَنْكِحَهَا بیہ کراَسہِ ژھندہ خاطرہ حلال سو باایمان زنانہ یمہ پتن پان پیغمبرس یعنی توہہِ مہرہ ورائے پیش کورتہ بخش۔ ہرگاہ پیغمبرس یعنی ژھہ ارادہ کران چھوہ تس زنانہ سیت نکاح کرہ نک خَالِصَةً لَّكَ مِنْ دُوْنِ الْمُؤْمِنِيْنَ یم ساری حکم چھہِ خاص ژھندہ خاطرہ، باایمانن ورائے ژھندہ خاطرہ چھہ بے احکام قَدْ عَلِمْنَا مَا فَرَضْنَا عَلَيْهِمْ فِيْٓ أَزْوَاجِهِمْ وَمَا مَلَكَتْ أَيْمَانُهُمْ لِكَيْلَا يَكُوْنَ عَلَيْكَ حَرَجٌ تحقیق اَسہِ چھہ معلوم تمِ احکام یم اَسہِ فرض کرے باایمانن پیٹھ زنانن تہ کنیزن ہندِ حقہ تہ گوو ای زہ کہ ژور زنانو خوتہ زیادہ چھنہ اجازتِ نکاح کرہ نک کنیزہ ایژہ خوش کرہ نکھ تہ تتھنہ توہہ

تُرۡجِيۡ مَنۡ تَشَآءُ مِنۡهُنَّ وَتُـْٔوِيۡۤ اِلَيۡكَ مَنۡ تَشَآءُ ؕ وَمَنِ ابۡتَغَيۡتَ
مِمَّنۡ عَزَلۡتَ فَلَا جُنَاحَ عَلَيۡكَ ؕ ذٰلِكَ اَدۡنٰۤى اَنۡ تَقَرَّ اَعۡيُنُهُنَّ
وَلَا يَحۡزَنَّ وَيَرۡضَيۡنَ بِمَاۤ اٰتَيۡتَهُنَّ كُلُّهُنَّ ؕ وَاللّٰهُ يَعۡلَمُ مَا
فِيۡ قُلُوۡبِكُمۡ ؕ وَكَانَ اللّٰهُ عَلِيۡمًا حَلِيۡمًا ﴿۵۱﴾ لَا يَحِلُّ لَكَ النِّسَآءُ
مِنۡۢ بَعۡدُ وَلَاۤ اَنۡ تَبَدَّلَ بِهِنَّ مِنۡ اَزۡوَاجٍ وَّلَوۡ اَعۡجَبَكَ

---

کنهن قسم وِقت سپده وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوۡرًا رَّحِيۡمًا الله تعالیٰ ڇھه هميشه سيٺهاه مغفرت کرهون سيٺهاه
رحم کرهون سُه ڇه پنه رحمت سيت احکامَن منز مناسب سهولت فرماوان تُرۡجِيۡ مَنۡ تَشَآءُ مِنۡهُنَّ
وَتُـْٔوِيۡۤ اِلَيۡكَ مَنۡ تَشَآءُ يم ازواجِ طاهرات توهه نِشه موجودٗ ڇھه تموانده ڇھه توهه اختيار تمو منزه ايکس
کالس توه خوش کره پانس نشه دور ٿھاون يعني نوبت ته وار نه دِن سوهيکيون تهه دور ٿھاوِ تھ يُوسه تههٕ
يژھيون پانس نِش ٿھاون وار ته نوبت لَس عطا کرنے سوهيکيون تهے پانس نِشهِ ٿھاو تھ وَمَنِ ابۡتَغَيۡتَ
مِمَّنۡ عَزَلۡتَ فَلَا جُنَاحَ عَلَيۡكَ بيه يُوسهِ تُهه دوباره پانس نزديک انُن يژھيون تموزنانواندره ٹنه خاص مدت ته
خاطره الگ آسوکھ ٿھاومژه تتھ پيٺھ ته ڇھنه توهه کانهه گناه ذٰلِكَ اَدۡنٰۤى اَنۡ تَقَرَّ اَعۡيُنُهُنَّ وَلَا يَحۡزَنَّ
وَيَرۡضَيۡنَ بِمَاۤ اٰتَيۡتَهُنَّ كُلُّهُنَّ يه توههِ واره ته نوبتس منز اختيار دِیُن ڇھه زياده نزديک تهنزن اڇھن
شهجار واتنه خاطره۔ دلس سکون و قرار پاده سپدنه خاطره بيه سپدن نه تمه غم گين بيه سپدن تمه
رضامندي ساري تمه سيت يه توهه تمن عطا کوروه ماله منزه يا اُلفت، محبت ماي ته شفقته منزه۔ اي
مسلمانو يم خاص احکام يُوز تھ بُتھنه توهه خيال گژھ که يم احکام کونه سپد عام طور سارنے وَاللّٰهُ يَعۡلَمُ
مَا فِيۡ قُلُوۡبِكُمۡ وَكَانَ اللّٰهُ عَلِيۡمًا حَلِيۡمًا الله تعالیٰ ڇھه زانان ته سورے يه تهندين دلن منز ڇھه۔ الله
تعالیٰ ڇھه هميشه پنه نين مخلوقن هند حال پور زانهوِن سُه ڇھنه يه اعتراض کرهدنين جلد گرفتار کران۔
کيازه سُه ڇھه سيٺهاه بُرد بار ته تحمل کرهون۔ کنهِ ڇھه سزادوان يژکال ته لَا يَحِلُّ لَكَ النِّسَآءُ مِنۡۢ بَعۡدُ وَلَاۤ
اَنۡ تَبَدَّلَ بِهِنَّ مِنۡ اَزۡوَاجٍ وَّلَوۡ اَعۡجَبَكَ حُسۡنُهُنَّ اي پيغمبر بر حق تُهندهِ خاطره نه حض ڇھنه حلال از

حُسْنُهُنَّ اِلَّا مَا مَلَكَتْ يَمِيْنُكَ ۗ وَكَانَ اللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ
رَّقِيْبًا ۝٥٢ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَدْخُلُوْا بُيُوْتَ النَّبِيِّ
اِلَّآ اَنْ يُّؤْذَنَ لَكُمْ اِلٰى طَعَامٍ غَيْرَ نٰظِرِيْنَ اِنٰىهُ وَلٰكِنْ اِذَا
دُعِيْتُمْ فَادْخُلُوْا فَاِذَا طَعِمْتُمْ فَانْتَشِرُوْا وَلَا مُسْتَاْنِسِيْنَ
لِحَدِيْثٍ ۭ اِنَّ ذٰلِكُمْ كَانَ يُؤْذِي النَّبِيَّ فَيَسْتَحْيٖ مِنْكُمْ ۡ
وَاللّٰهُ لَا يَسْتَحْيٖ مِنَ الْحَقِّ ۭ وَاِذَا سَاَلْتُمُوْهُنَّ مَتَاعًا

---

کہ پتہ نوءِ زنانہ بیہ ڇڱڻ توھہ جايز يمہ موجودہ سارے زنانہ يا ٽمو اندرہ آجہ تراونہ تہ ٽمن بدل ٻين زنانن سيتے نکاح کرن اگرچہ ٿھند حُسن وصورت سپد تن توھہ مرغوب تہ پسند اِلَّا مَا مَلَكَتْ يَمِيْنُكَ مگر ڇھ حلال تہ جايز توھہِ کنيزہ يعني تمہ زنانہ يمن تہ ٻملک يمين مالک سپدو وَكَانَ اللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ رَّقِيْبًا اللہ تعالیٰ ڇھ پرتھ چيز ڇہ حقيقتچ تہ مصلحتچ پور نگرانی کران تہ سوروی ژرژان يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَدْخُلُوْا بُيُوْتَ النَّبِيِّ اِلَّآ اَنْ يُّؤْذَنَ لَكُمْ اِلٰى طَعَامٍ غَيْرَ نٰظِرِيْنَ اِنٰىهُ اي باايمانو! ٿُہ مہ اَسِواژان نبی کریمہ صلی اللہ علیہ وسلم سندين گرن اندر حجراتِ مُبارکن اندر مگر تلہِ ييلہِ توھہِ ناديہ دِنہ يِنہ غذا کھينہ خاطرہ۔ سُہ غذا کھينہ تہِ گژھہ يُن کھينہ بِس وقتس پيٹھ۔ وقتہ بروٺھے گژھہ نہ يُن تاکہ توھہِ پيہ نہ انتظار کرُن غذا کس تيار سپد نس وَلٰكِنْ اِذَا دُعِيْتُمْ فَادْخُلُوْا فَاِذَا طَعِمْتُمْ فَانْتَشِرُوْا وَلَا مُسْتَاْنِسِيْنَ لِحَدِيْثٍ ۭ اِنَّ ذٰلِكُمْ كَانَ يُؤْذِي النَّبِيَّ فَيَسْتَحْيٖ مِنْكُمْ ۡ ليکن يلہ توھہِ ناد آسہِ يوان دِنہ کہ غذا ڇھہ تيار تلہِ اَسواژان توہ پتہ يلہ ٿُہ کھيتھ ڇيتھ اَسِو موکلان تو پتہ گژھ نيرُن تہ گژھہ نہ ٽمن سيت ياپانہ وان ٽھن منز مشغول روزُن کيازہ تمہ سيت ڇھہ نبی کرِ ٽمس صلی اللہ علیہ وسلم تکليف واتان تم ڇھ توھہِ نِشہِ مَند ڇھان۔ تم ڇھنہ پانہ توھہِ فرماوتھ ہيکان نيرُنک وَاللّٰهُ لَا يَسْتَحْيٖ مِنَ الْحَقِّ مگر اللہ تعالیٰ ڇھُنہ پزِتھ ونہ نِس اندر کانسہِ ہند لحاظ کران۔ لہٰذا آو توھہ واضح طور حکم کرنہ بیہ ڇھ ازکہ پيٹھ حُکم يوان کرنہ کہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم سند ازواج طاہرات کرن توھہِ نشہ پردہ لہٰذا وَاِذَا سَاَلْتُمُوْهُنَّ مَتَاعًا فَسْـَٔـلُوْهُنَّ مِنْ وَّرَاۗءِ

فَسْـَٔلُوْهُنَّ مِنْ وَّرَآءِ حِجَابٍ ؕ ذٰلِكُمْ اَطْهَرُ لِقُلُوْبِكُمْ وَقُلُوْبِهِنَّ ؕ
وَمَا كَانَ لَكُمْ اَنْ تُؤْذُوْا رَسُوْلَ اللّٰهِ وَلَاۤ اَنْ تَنْكِحُوْۤا اَزْوَاجَهٗ
مِنْۢ بَعْدِهٖۤ اَبَدًا ؕ اِنَّ ذٰلِكُمْ كَانَ عِنْدَ اللّٰهِ عَظِيْمًا ﴿۵۳﴾ اِنْ
تُبْدُوْا شَيْـًٔا اَوْ تُخْفُوْهُ فَاِنَّ اللّٰهَ كَانَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمًا ﴿۵۴﴾
لَا جُنَاحَ عَلَيْهِنَّ فِيْۤ اٰبَآئِهِنَّ وَلَاۤ اَبْنَآئِهِنَّ وَلَاۤ اِخْوَانِهِنَّ
وَلَاۤ اَبْنَآءِ اِخْوَانِهِنَّ وَلَاۤ اَبْنَآءِ اَخَوٰتِهِنَّ وَلَا نِسَآئِهِنَّ وَلَا

حِجَابٍ ازکہ پیٹھ يلہ تُہہ نبي کريمہ صلی اللہ علیہ وسلم سندين ازواج مطهراتن نشہ کانہہ چيز آسہ منگُن سُہ اَسِو تمن نشہ منگان پردہ تہير يعني بے ضرورت پردس نزديک سپدن تو پتہ تمن سيت کتھ کرنہ تہ چھہ ممنوع ليکن سخت مجبوري تہ ضرورتہِ وقتہ چھہ کتھ کرنہ جائز مگر تمن کُن نظر دن چھنہ جائز ذٰلِكُمْ اَطْهَرُ لِقُلُوْبِكُمْ وَقُلُوْبِهِنَّ يہ چھہ هميشہ خاطرہ تُہندين دلن تہ تِهندين دلن پچھ خيالا تونشہِ پاک وصاف روزنُک اکھ بوڈ ذريعاہ۔ وَمَا كَانَ لَكُمْ اَنْ تُؤْذُوْا رَسُوْلَ اللّٰهِ وَلَاۤ اَنْ تَنْكِحُوْۤا اَزْوَاجَهٗ مِنْۢ بَعْدِهٖۤ اَبَدًا بيہ چھنہ توہہ جايزُنہ صورتس اندر پيغمبر خداليس تکليف واتناون۔ بيہ چھنہ توہہ ہرگز جائز تِهندين باٰژن يعني ازواج طاہراتن سيت تمہِ پتہ کُنہ وقتہ نکاح کرُن اِنَّ ذٰلِكُمْ كَانَ عِنْدَ اللّٰهِ عَظِيْمًا يہ چھہ اللہ تعالیٰ اَس نِشہِ بوڈ گوناہ۔ يتھ پاٹھی يہ گوناہ چھہ تتھے پاٹھ چھُ اميک زيوہ سيتے تذکرہ کرُن ياد لس اندر اميک خيال کرن تہ گوناہ اِنْ تُبْدُوْا شَيْـًٔا اَوْ تُخْفُوْهُ فَاِنَّ اللّٰهَ كَانَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمًا چنانچہ ہر گاہ تُہے ننہ راوِو کانہہ چيز اہ يا کھٹِتھ تھاوِو اللہ تعالیٰ چھہ يم دوشوے چيز پور زانان کيازہ سُہ چھہ پريتھ چيز اہ پورہ زانہ ڈن۔ سُہ دِيہ توہہ ضرورا تھ پيٹھ سزا۔ اَسہِ يَس يمہ پرُدک تہ حجابک حُکم بيان کور تمہِ منزہ چھہ بعضے اشخاص مستثنےٰ تہ لَا جُنَاحَ عَلَيْهِنَّ فِيْۤ اٰبَآئِهِنَّ وَلَاۤ اَبْنَآئِهِنَّ وَلَاۤ اِخْوَانِهِنَّ وَلَاۤ اَبْنَآءِ اِخْوَانِهِنَّ وَلَاۤ اَبْنَآءِ اَخَوٰتِهِنَّ وَلَا نِسَآئِهِنَّ وَلَا مَا مَلَكَتْ اَيْمَانُهُنَّ کانہہ گناہ چھنہ نبي کريم صلی اللہ علیہ وسلم سندين ازواجِ طاہراتن پننہ نين مالين ياپنچوين يا باين يا باپہ تھرن، يا بينہ تھرن يا پننہ نين زنانن يعني مسلمان زنانن يا پننہ نين

مَا مَلَكَتْ اَيْمَانُهُنَّ ۚ وَاتَّقِيْنَ اللّٰهَ ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ شَهِيْدًا ﴿۵۵﴾ اِنَّ اللّٰهَ وَمَلٰٓئِكَتَهٗ يُصَلُّوْنَ عَلَى النَّبِيِّ ؕ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا صَلُّوْا عَلَيْهِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِيْمًا ﴿۵۶﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ

---

غلامن تہ کنیزن لٹہ بے پردہ برونٹھ گن یٹس تہ کتھ کرنس اندر وَاتَّقِيْنَ اللّٰهَ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ شَهِيْدًا ای نبی کریمہ صلی اللہ علیہ وسلم سنز وزنانونز کورہ احکامن ہندس تعلیمس اندر کھوژِو خدایس۔ گنٔہِ حُکمس منز مہ کرِو خلاف ورزی۔ بے شک سُہ چھہ پرتھ چیزس پیٹھ شاہد۔ ممکن چھہ خلاف ورزی ہندس صورتس اندر دیہ سُہ توہہ سزا۔ اِنَّ اللّٰهَ وَمَلٰٓئِكَتَهٗ يُصَلُّوْنَ عَلَى النَّبِيِّ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا صَلُّوْا عَلَيْهِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِيْمًا بے شک اللہ تعالیٰ بیہ تہند ملائک چھہ درود سوزان نبی کرِیمس صلی اللہ علیہ وسلم پیٹھ ای با ایمانو تُہہ تہِ سوزو درود و سلام تمن پیٹھ بیہ کرو سلام روژ سلام یعنی و نان آسو السلام علیك أيها النبي ورحمة الله و بركاته یلہ یہ آیہ کریمہ نازل سپد صحابہ صابو کور عرض نبی کریمہ صلی اللہ علیہ وسلم سندِس خدمتس منز یا رسول اللہ خدا ین ہز کور اَسہِ حُکم توہہ پیٹھ درود و سلام سوز نک سلام کرن توہہ سو پھچھ اَسہِ وون پچھ ناوے تو اَسہِ درود کتھ پاٹھے آسوا سے پران توہہ پیٹھ فرمو و کھ تُہہ آسوِ پران اللهم صل على محمد وعلى آل محمد كما صليت على إبراهيم وعلى آل إبراهيم إنك حميد مجيد اللهم بارك على محمد وعلى آل محمد كما باركت على إبراهيم وعلى آل إبراهيم إنك حميد مجيد اللہ تعالیٰ سند درود پرن گو ورحمت سوزن تمن پیٹھ یُوسہ تہندس تھدِس شانس مناسب آسہِ ملائکن ہند درود سوزن گو و خدایس سو خاص رحمت سوزنہ خاطرہ دُعا کرن یتھ پاٹھ اَسہِ حُکم کرنہ آو تمہِ خاص رحمتہ خاطرہ دُعا کرن ملایکن ہندہ منگنہ سیت بیہ سانہِ یعنی با ایمانن ہندہ منگنہ سیت تہ دعا کرنہ سیت چھہ حضور نبی کریمہ صلی اللہ علیہ وسلم سندین مراتب عالیَن اندر ترقی سپدان۔ ترقی درجاتن چھنہ کانہہ حدے چنانچہ حضور صلی اللہ علیہ وسلمو کور عام امتین حُکم بانگہ پتہ دعا و سیلہ منگہ نک حضرتِ فاروقِ اعظمس رضی اللہ عنہ فرمو و کھ تجس گرھنہ وقتہ أشركنا في الدعاء لے عمر اَسہِ تہ تھاوے زِہ شامل پنہ نین دعاو ن اندر امہ ساری اندرہ سپد ثابت ڈیتھ کیتھ تے آسہِ انسان سیٹھاہ تھود مرتبہ وول تہ مگر خدایہ سندس فضل ور حمتس کُن چھہ پرتھ وقتہ محتاج چنانچہ حدیث شریفس منز چھہ پانہ فرمووُمت نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم کانسہ دیہ نہ نجات پنُن عمل یُوتان نہ رحمتِ خدا شامل حال

يُؤْذُونَ اللَّهَ وَرَسُولَهُ لَعَنَهُمُ اللَّهُ فِي الدُّنْيَا وَالْآخِرَةِ وَأَعَدَّ
لَهُمْ عَذَابًا مُّهِينًا ﴿٥٧﴾ وَالَّذِينَ يُؤْذُونَ الْمُؤْمِنِينَ وَالْمُؤْمِنَاتِ
بِغَيْرِ مَا اكْتَسَبُوا فَقَدِ احْتَمَلُوا بُهْتَانًا وَإِثْمًا مُّبِينًا ﴿٥٨﴾ ع يَا أَيُّهَا
النَّبِيُّ قُل لِّأَزْوَاجِكَ وَبَنَاتِكَ وَنِسَاءِ الْمُؤْمِنِينَ يُدْنِينَ
عَلَيْهِنَّ مِن جَلَابِيبِهِنَّ ۚ ذَٰلِكَ أَدْنَىٰ أَن يُعْرَفْنَ فَلَا يُؤْذَيْنَ ط

---

آسیس عرض آکھ کرنہ توہہ تہ دیہِ نانجات عمل یارسول اللہ فرموو کھ میہ تہِ دیہ نہ نجاتِ عمل یوتان نہ ہیرِ ہ بونہ میہ اللہ تعالیٰ پننہِ رحمتہ سیت ولہِ یعنی یُو تھس زیادٕے محتاج خدایہ سندس زیادہ رحمس گژھن تہندہ خاطرہ اللہ تعالیٰ اس درودو سلام منگہ نس اندر چھ درود پرہ ونس تہ پننہ حقہ فائدے فائدہ کیازہ رسول اللہ تعالیٰ ان چھ فرمووُمت یُس اکھاہ مہ پیٹھ اکھ درود پرہ اللہ سوزہ تس پیٹھ دہ رحمتہ اِنَّ الَّذِينَ يُؤْذُونَ اللَّهَ وَرَسُولَهُ لَعَنَهُمُ اللَّهُ فِي الدُّنْيَا وَالْآخِرَةِ وَأَعَدَّ لَهُمْ عَذَابًا مُّهِينًا پڑی پاٹھے تیم لوکھ ایذادن خدا ئس بیہ تہندس پیغمبرس ناشائستہ کتھ ونہ سیت اللہ تعالیٰ کرِہ تمن لعنتس گرفتار دنیاءس منز تہ آخرتس منز تہ۔ بیہ چھہِ تہندہ خاطرہ تمہِ تیار تھووُمت ذلیل کرہ وُن عذاب وَالَّذِينَ يُؤْذُونَ الْمُؤْمِنِينَ وَالْمُؤْمِنَاتِ بِغَيْرِ مَا اكْتَسَبُوا فَقَدِ احْتَمَلُوا بُهْتَانًا وَإِثْمًا مُّبِينًا تتھے پاٹھ یم لوکھ ایذادِن باایمان مردن تہ باایمان زنانن تہندہ کانہہ جرم تہ قصور کرنہ ورائے پس بیشک تمو تُل پانس پیٹھ بڑھ اپزیک تہ بڑہ گُنہک بور يَا أَيُّهَا النَّبِيُّ قُل لِّأَزْوَاجِكَ وَبَنَاتِكَ وَنِسَاءِ الْمُؤْمِنِينَ يُدْنِينَ عَلَيْهِنَّ مِن جَلَابِيبِهِنَّ ای پیغمبر برحق فرماوِو تہہٕ پننہ نین ازواجِ طاہراتن بیہ پننہ نین صاحبزادین بیہ بَین باایمانن ہنزن زنانن کہ کلہ نشہ آسن بون گن الوند تراوان پننہ نیو پوٹ وتہ ڈیپٹواندرہ اکھ حصہ پننہ نین بتھن پیٹھ ذَٰلِكَ أَدْنَىٰ أَن يُعْرَفْنَ فَلَا يُؤْذَيْنَ امہِ طریقہ آسَن تمہ جلد پرزہ ناونہ یوان کہ یمہ چھہ شریف تہ نیک بخت زنانہ ادہ آسیکھ نہ ایذاواتنا ونہ یوان۔ امہ سیت آسہِ سپدان فرق کنیزن تہ آزاد زنانن اندر۔ اتھ بتھس ستر کرنس اندر ہرگاہ کِنہ وقتہ بلا قصد وارادہ بے

وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا ﴿٥٩﴾ لَئِنْ لَّمْ يَنْتَهِ الْمُنٰفِقُوْنَ وَ
الَّذِيْنَ فِيْ قُلُوْبِهِمْ مَّرَضٌ وَّالْمُرْجِفُوْنَ فِي الْمَدِيْنَةِ
لَنُغْرِيَنَّكَ بِهِمْ ثُمَّ لَا يُجَاوِرُوْنَكَ فِيْهَآ اِلَّا قَلِيْلًا ﴿٦٠﴾ مَّلْعُوْنِيْنَ ۚ
اَيْنَمَا ثُقِفُوْٓا اُخِذُوْا وَقُتِّلُوْا تَقْتِيْلًا ﴿٦١﴾ سُنَّةَ اللّٰهِ فِي
الَّذِيْنَ خَلَوْا مِنْ قَبْلُ ۚ وَلَنْ تَجِدَ لِسُنَّةِ اللّٰهِ تَبْدِيْلًا ﴿٦٢﴾
يَسْئَلُكَ النَّاسُ عَنِ السَّاعَةِ ۭ قُلْ اِنَّمَا عِلْمُهَا عِنْدَ اللّٰهِ ۭ وَمَا
يُدْرِيْكَ لَعَلَّ السَّاعَةَ تَكُوْنُ قَرِيْبًا ﴿٦٣﴾ اِنَّ اللّٰهَ لَعَنَ الْكٰفِرِيْنَ

---

احتياطي سپده وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا الله تعالىٰ ڇھ سيٹھاه مغفرت كره ؤن سيٹھاه رحم كره ون۔ تتھ بے احتياطي تہِ كرہِ سہ درگذر تہ مغفرت لَئِنْ لَّمْ يَنْتَهِ الْمُنٰفِقُوْنَ وَالَّذِيْنَ فِيْ قُلُوْبِهِمْ مَّرَضٌ وَّالْمُرْجِفُوْنَ فِي الْمَدِيْنَةِ لَنُغْرِيَنَّكَ بِهِمْ ثُمَّ لَا يُجَاوِرُوْنَكَ فِيْهَآ اِلَّا قَلِيْلًا ہرگاہ نے منافق بیہ تم لوکھ يہندين دلن اندر شہوت پرستی ہند مرض چھ تمے چھ كنيزن اَنان بیہ یم لوکھ شہرس منزا پزہ خبرہ پھيلاوان چھ پنہ نیو پچھ كتھو تہ حركتو نشہِ پتھ روزن تیلہ ہسہ راوده تُہی اس تمن پیٹھ اکہ نتہ اکہ دوہہ یعنی اَسِ كرووه تو ہہ حُكم تہنده خاطره شہره نبر كڈ نگ۔ توپتہ ہیکن نہ اده تمِ تو ہہ نکھ تل یتھ شہرس منز روز تھ مگر كمے كالس مَّلْعُوْنِيْنَ اَيْنَمَا ثُقِفُوْٓا اُخِذُوْا وَقُتِّلُوْا تَقْتِيْلًا تمن آسہِ پریتھ طرفہ لعنت كرنہ یوان۔ یتہ نس تم لبنہ ین یتہ نس ین تمِ رٹنہ بیہ مارنہ تہ ژٹنہ سُنَّةَ اللّٰهِ فِي الَّذِيْنَ خَلَوْا مِنْ قَبْلُ یہ چھہ خدایہ سُند دستور برو نٹھین مُفسد تہ شریر لوكن پیٹھ تہ جاری كرنہ آمُت وَلَنْ تَجِدَ لِسُنَّةِ اللّٰهِ تَبْدِيْلًا ژہ لبجھ نہ خدایہ سندس دستورس تہ طریقس منز كانسہ ہنده طرف كُنہِ قسمہ تغیر و تبدیل يَسْئَلُكَ النَّاسُ عَنِ السَّاعَةِ قُلْ اِنَّمَا عِلْمُهَا عِنْدَ اللّٰهِ وَمَا يُدْرِيْكَ لَعَلَّ السَّاعَةَ تَكُوْنُ قَرِيْبًا ای پیغمبرِ برحق یم مُنكر لوكھ چھ تو ہہ پرژھان قیامتك كہ سو كر آسہِ تہہ فرماویو كھ جواب كہ تمہ وِچ خبر چھنہ خدایس

وَاَعَدَّ لَهُمْ سَعِيْرًا ﴿٦٤﴾ خٰلِدِيْنَ فِيْهَآ اَبَدًا ۚ لَا يَجِدُوْنَ وَلِيًّا وَّلَا
نَصِيْرًا ﴿٦٥﴾ يَوْمَ تُقَلَّبُ وُجُوْهُهُمْ فِي النَّارِ يَقُوْلُوْنَ يٰلَيْتَنَآ اَطَعْنَا
اللّٰهَ وَاَطَعْنَا الرَّسُوْلَا ﴿٦٦﴾ وَقَالُوْا رَبَّنَآ اِنَّآ اَطَعْنَا سَادَتَنَا وَكُبَرَآءَنَا
فَاَضَلُّوْنَا السَّبِيْلَا ﴿٦٧﴾ رَبَّنَآ اٰتِهِمْ ضِعْفَيْنِ مِنَ الْعَذَابِ وَالْعَنْهُمْ
لَعْنًا كَبِيْرًا ﴿٦٨﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَكُوْنُوْا كَالَّذِيْنَ اٰذَوْا
مُوْسٰى فَبَرَّاَهُ اللّٰهُ مِمَّا قَالُوْا ۭ وَكَانَ عِنْدَ اللّٰهِ وَجِيْهًا ﴿٦٩﴾

ورالے کانسہِ تہ توہہ گُس چیز زانراوہ کہ شاید قیامت ما آسہِ تتھ گُن نظر کرتھہ پزہ ہا تمن قیامتس کھوڑن بیہ تمہ خاطرہ کانہہ سامانا ہ پادہ کرُن اِنَّ اللّٰهَ لَعَنَ الْكٰفِرِيْنَ وَاَعَدَّ لَهُمْ سَعِيْرًا پزپاٹھ اللہ تعالیٰ اَن پچھہ لعنت کر مڑ کافرن۔ تم چھن پنہ رحمتہ نشہِ دور کرمت بیہ چھن تہندہ خاطرہ دزہ وُن نار تیار تھوومُت خٰلِدِيْنَ فِيْهَآ اَبَدًا لَا يَجِدُوْنَ وَلِيًّا وَّلَا نَصِيْرًا تتھ نارس منز روزن ہمیشہ نہ لبن تتہِ کانسہ دوستس نہ کانسہِ مددگارس يَوْمَ تُقَلَّبُ وُجُوْهُهُمْ فِي النَّارِ يَقُوْلُوْنَ يٰلَيْتَنَآ اَطَعْنَا اللّٰهَ وَاَطَعْنَا الرَّسُوْلَا یمہ دوہہ کھکھرہ پکناوِ تھ یَن دارَ تھ دِنہ نارس منز۔ تتھ منزوا تتھ آسہِ تلک پیٹھ پھیر یوان دِنہ تہندین مٔتھن ہتھن۔ دپن تمہِ ساتہ اے کاش اَسہِ کونہ کرے یہ فرمانبرداری خدایہ سنز یہ کونہ کرے یہ فرماں برداری پیغمبر خدایہ سنز دنیاءِس اندر ہرگاہ آسے کرہ ہو تہنز فرماں برداری یتھ مصیبتس گرٔشھہ ہونہ گرفتار وَقَالُوْا رَبَّنَآ اِنَّآ اَطَعْنَا سَادَتَنَا وَكُبَرَآءَنَا فَاَضَلُّوْنَا السَّبِيْلَا بیہ دپن اے سانہ پروردگارہ بیشک اَسہِ کر فرمانبرداری پنہ نین زٹھین ہنز تہ بڈین ہنز تمو ڈالِ اَسِ سیزہ وتہ نشہِ رَبَّنَآ اٰتِهِمْ ضِعْفَيْنِ مِنَ الْعَذَابِ وَالْعَنْهُمْ لَعْنًا كَبِيْرًا اے سانہ پروردگارہ تمن کرتہ دُوگن عذاب بیہ کر تمن پیٹھ بڈلعنت يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَكُوْنُوْا كَالَّذِيْنَ اٰذَوْا مُوْسٰى فَبَرَّاَهُ اللّٰهُ مِمَّا قَالُوْا وَكَانَ عِنْدَ اللّٰهِ وَجِيْهًا اے باایمانو تُہہ مہ اَسو تمن لوکن ہی یمو ایذادیُت اپز تو ہمُت لاگنہ سیت موسیٰ کلیم اللہس۔ تو پتہ کورسہ اللہ تعالیٰ اَن بری تہ پاک تمو تہنز وہاڑونشہِ پچھ کتھونشہِ اوس سُہ موسیٰ کلیم اللہ خدالیس نشہِ عزتہ وول صاحباہ۔

يَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا اتَّقُوا اللَّهَ وَقُولُوا قَوْلًا سَدِيدًا ﴿٧٠﴾ يُصْلِحْ
لَكُمْ أَعْمَالَكُمْ وَيَغْفِرْ لَكُمْ ذُنُوبَكُمْ ۗ وَمَنْ يُطِعِ اللَّهَ وَرَسُولَهُ
فَقَدْ فَازَ فَوْزًا عَظِيمًا ﴿٧١﴾ إِنَّا عَرَضْنَا الْأَمَانَةَ عَلَى السَّمَاوَاتِ
وَالْأَرْضِ وَالْجِبَالِ فَأَبَيْنَ أَنْ يَحْمِلْنَهَا وَأَشْفَقْنَ مِنْهَا وَ
حَمَلَهَا الْإِنْسَانُ ۖ إِنَّهُ كَانَ ظَلُومًا جَهُولًا ﴿٧٢﴾ لِيُعَذِّبَ اللَّهُ

---

تمی مُوکھ کر تمی اللہ تعالیٰ اَن تھنز براءت ثابت یَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا اتَّقُوا اللَّهَ وَقُولُوا قَوْلًا سَدِيدًا
اے بایمانو کھوژو اللہ تعالیٰ اَس بیہ آسِو سیزرہ تہ پزِہ کتھ کران يُصْلِحْ لَكُمْ أَعْمَالَكُمْ وَيَغْفِرْ لَكُمْ
ذُنُوبَكُمْ ہرگاہ تہ کروتلہ سنبھالہ تہ شیرہ اللہ تعالیٰ تُھنزہ کامہ۔ تُھنز کامہِ کرہ قبولیتس لائق بیہ کرہ
توہہ گنہن مغفرت وَمَنْ يُطِعِ اللَّهَ وَرَسُولَهُ فَقَدْ فَازَ فَوْزًا عَظِيمًا بیہ یُس اکھاہ فرماں برداری کرِہ
خدایہ سنز تہ تھندس پیغمبرہ سنز بیشک تس بنے یہ بڈ دستگاری تہ کامیابی إِنَّا عَرَضْنَا الْأَمَانَةَ عَلَى
السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ وَالْجِبَالِ فَأَبَيْنَ أَنْ يَحْمِلْنَهَا وَأَشْفَقْنَ مِنْهَا وَحَمَلَهَا الْإِنْسَانُ إِنَّهُ كَانَ ظَلُومًا
جَهُولًا پرِپاٹھ اَسہِ اُون احکام وشرایعن ہند امانت آسمانن زمین تہ کوہن برونٹھ کُن تلنہ خاطرہ۔ تمن
احکام وشرایعن پیٹھ عمل کرنہ خاطرہ تموکور اِنکار یہ تلنہ نشہِ یمن احکامن پیٹھ عمل کرنہ نشہ۔ بیہ کھوژ
تمِ اتھ خبر چھاامیُک انجام کیاہ سپدِہ ہیکوہ آسِ یہ بار تُلتھِ کنہ نہ آسمانن زمین تہ کوہ پیدہ کرنہ پتہ
آو انسان پیدہ کرنہ امس انسانس تہ آو امانت پیش کرنہ چونکہ یہ انسان اوس علم الاہیس اندرز مینس منز
خلیفہ سپدہ وُن یُس چیز برونٹھ پیٹھے مقرر کرنہ آمت اوس لہذا اتُل تمے یہ بارِ امانت ہیژن اچھ ذمہ واری
(آسمان بارِ امانت نتوانست کشید۔ قرعہ فال بنامِ من دیوانہ زند) بیشک یہ انسان اوس ظالم تہ جاہل
(ظالم پنہ نس نفسس پیٹھ یہ بار امانت تلنہ سیت اور جاہل اوس اَمکہ بار سیت) تو پتہ سپد اَمہِ پتہ زہ حال
لِيُعَذِّبَ اللَّهُ الْمُنَافِقِينَ وَالْمُنَافِقَاتِ وَالْمُشْرِكِينَ وَالْمُشْرِكَاتِ وَيَتُوبَ اللَّهُ عَلَى الْمُؤْمِنِينَ وَالْمُؤْمِنَاتِ

الْمُنٰفِقِيْنَ وَالْمُنٰفِقٰتِ وَالْمُشْرِكِيْنَ وَالْمُشْرِكٰتِ وَيَتُوْبَ اللّٰهُ عَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ وَالْمُؤْمِنٰتِ ؕ وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا ﴿۷۳﴾ ع

---

یتھ اللہ تعالیٰ عذابس گرفتار کرہ منافق مردن تہ منافق زنانن بیہ مُشرک مردن تہ مُشرک زنانن یم گئے تم لوکھ یمو احکام خداوندین ہند کانہہ پرواکور نہ امانت ضائع کٔرت بیہ کرہ توجہ پننہ رحمتہ سیت اللہ تعالیٰ باایمان مردن تہ باایمان زنانن کُن یم گے تم لوکھ یمو امانتس راچھِ کراحکامن ہنز پابندی کرِتھ روزتریم جماعت یمو گوڈہ مخالفت کرہ مگر پتولاکہ سپُد کھ احساس تو پتہ سپدی نادم تہ پشیمان تمِ تہ کری اللہ تعالیٰ ان شامل مومنین و مومناتن منز کیازہ وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا اللہ تعالیٰ چھہ ہمیشہ سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن سیٹھاہ رحم کرہ وُن۔






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِيْ لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ وَلَهُ
الْحَمْدُ فِي الْاٰخِرَةِ ۭ وَهُوَ الْحَكِيْمُ الْخَبِيْرُ ① يَعْلَمُ مَا يَلِجُ فِي
الْاَرْضِ وَمَا يَخْرُجُ مِنْهَا وَمَا يَنْزِلُ مِنَ السَّمَاۗءِ وَمَا يَعْرُجُ
فِيْهَا ۭ وَهُوَ الرَّحِيْمُ الْغَفُوْرُ ② وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَا تَاْتِيْنَا
السَّاعَةُ ۭ قُلْ بَلٰى وَرَبِّيْ لَتَاْتِيَنَّكُمْ ۙ عٰلِمِ الْغَيْبِ ۚ لَا يَعْزُبُ عَنْهُ
مِثْقَالُ ذَرَّةٍ فِي السَّمٰوٰتِ وَلَا فِي الْاَرْضِ وَلَآ اَصْغَرُ مِنْ ذٰلِكَ

---

اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِيْ لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ وَلَهُ الْحَمْدُ فِي الْاٰخِرَةِ وَهُوَ الْحَكِيْمُ الْخَبِيْرُ تس معبودِ برحق جو سند ملک ڇهه ته سڀ جي آسمانن منز ڇه بيه ته سڀ جي زمين منز ڇه ڇهه سزاوار ساري حمد ته ثنا بيه ڇهه تس سزاوار ساري حمد ته ثنا آخرس منز ته بيه ڇهه سئي سيٺهاه حکمت وول. تس ڇهه سارئي پور خبر۔ سُه ڇهه تيتھ باخبر ذات کہ يَعْلَمُ مَا يَلِجُ فِي الْاَرْضِ وَمَا يَخْرُجُ مِنْهَا وَمَا يَنْزِلُ مِنَ السَّمَاۗءِ وَمَا يَعْرُجُ فِيْهَا وَهُوَ الرَّحِيْمُ الْغَفُوْرُ سُی ڇهه زانان ته سُورے يه زمينس منز واتان ڇهه بيه ته سُورے يه زمينه منزه کھسان ڇهه۔ بيه ته سُورے يه آسمانه وسان ڇهه بيه ته سُورے يه آسمان کُن کھسان ڇهه سُه ڇهه سيٺهاه رحم کرن وول سيٺهاه مغفرت کرن وول وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَا تَاْتِيْنَا السَّاعَةُ قُلْ بَلٰى وَرَبِّيْ لَتَاْتِيَنَّكُمْ عٰلِمِ الْغَيْبِ بيه ڇهه ونان يم کافر کہ اسه پيٺھ ييه نه قيامتھے تھه فرماويو کھ يا رسول اللّٰه صلی اللّٰه عليه وسلم يقيناً ييه توهه قيامت مه ڇهه پنه نس پروردگاره سُند قسم يُس سُورے غيب زانن وول ڇهه۔ لَا يَعْزُبُ عَنْهُ مِثْقَالُ ذَرَّةٍ فِي السَّمٰوٰتِ وَلَا فِي الْاَرْضِ وَلَآ اَصْغَرُ مِنْ ذٰلِكَ وَلَآ اَكْبَرُ اِلَّا فِيْ كِتٰبٍ مُّبِيْنٍ پس پروردگارس

وَلَآ اَكۡبَرُ اِلَّا فِىۡ كِتٰبٍ مُّبِيۡنٍ ۝۳ لِّيَجۡزِىَ الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا
الصّٰلِحٰتِ ؕ اُولٰٓئِكَ لَهُمۡ مَّغۡفِرَةٌ وَّرِزۡقٌ كَرِيۡمٌ ۝۴ وَالَّذِيۡنَ
سَعَوۡ فِىۡۤ اٰيٰتِنَا مُعٰجِزِيۡنَ اُولٰٓئِكَ لَهُمۡ عَذَابٌ مِّنۡ رِّجۡزٍ
اَلِيۡمٌ ۝۵ وَيَرَى الَّذِيۡنَ اُوۡتُوا الۡعِلۡمَ الَّذِىۡۤ اُنۡزِلَ اِلَيۡكَ مِنۡ
رَّبِّكَ هُوَ الۡحَـقَّ ۙ وَيَهۡدِىۡۤ اِلٰى صِرَاطِ الۡعَزِيۡزِ الۡحَمِيۡدِ ۝۶
وَقَالَ الَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا هَلۡ نَدُلُّكُمۡ عَلٰى رَجُلٍ يُّنَبِّئُكُمۡ
اِذَا مُزِّقۡتُمۡ كُلَّ مُمَزَّقٍ ۙ اِنَّكُمۡ لَفِىۡ خَلۡقٍ جَدِيۡدٍ ۝۷

---

نشہ چھنہ پُوشیدہ تہ کھٹتھ کانہہ چیزاہ اکس ذرس برابر تہ آسمانن اندر نہ زمینن اندر نہ اکہ ذرہ خوتہ لُوکٹ کانہہ چیزاہ نہ اکہ ذرہ خوتہ بوڈ کانہہ چیزاہ۔ پریتھ چیزاہ چھہ تس نشہِ لیکھتھ نہ کتاب یعنے لوح محفوظس اندر لِّيَجۡزِىَ الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ اُولٰٓئِكَ لَهُمۡ مَّغۡفِرَةٌ وَّرِزۡقٌ كَرِيۡمٌ قیامت ییہِ ضرور یمہ بتھ خاطرہ کہ یُتھ اللہ تعالیٰ تمن لُوکن رژمزور عطا کرہ یمو ایمان اُون تہ رژہ عملہ کریکھ تہندی خاطرہ چھہ بوڈ مغفرت تہ عزتک روزی تہ جنتس اندر وَالَّذِيۡنَ سَعَوۡ فِىۡۤ اٰيٰتِنَا مُعٰجِزِيۡنَ اُولٰٓئِكَ لَهُمۡ عَذَابٌ مِّنۡ رِّجۡزٍ اَلِيۡمٌ بیہ یم لوکھ دورہ دور تہ کوشش کران آس سانین آیاتن تہ دلیلن پھٹر اونہِ خاطرہ تہندِ خاطرہ چھہ سخت عذاب دگ تہ دود تلہ ؤن وَيَرَى الَّذِيۡنَ اُوۡتُوا الۡعِلۡمَ الَّذِىۡۤ اُنۡزِلَ اِلَيۡكَ مِنۡ رَّبِّكَ هُوَ الۡحَـقَّ وَيَهۡدِىۡۤ اِلٰى صِرَاطِ الۡعَزِيۡزِ الۡحَمِيۡدِ بیہ چھہ زانان تم لوکھ یمن علم آو عطا کرنہ (یعنی علماء اہل کتاب) تتھ کتابہ یُوسہِ توہ پیٹھ نازل کرنہ آیہ تہندِس پروردگارہ سُندِ طرفہ پز کتاب بیہ یُوسہِ پکناوان چھہ لوکن تس خدایہ سنزہ وتہِ یُس غالب چھہ حمد دِینہ آمت چھہ وَقَالَ الَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا هَلۡ نَدُلُّكُمۡ عَلٰى رَجُلٍ يُّنَبِّئُكُمۡ اِذَا مُزِّقۡتُمۡ كُلَّ مُمَزَّقٍ اِنَّكُمۡ لَفِىۡ خَلۡقٍ جَدِيۡدٍ بیہ

اَفْتَرٰی عَلَی اللّٰهِ كَذِبًا اَمْ بِهٖ جِنَّةٌ ؕ بَلِ الَّذِیْنَ لَا یُؤْمِنُوْنَ
بِالْاٰخِرَةِ فِی الْعَذَابِ وَ الضَّلٰلِ الْبَعِیْدِ ۸ اَفَلَمْ یَرَوْا اِلٰی مَا
بَیْنَ اَیْدِیْهِمْ وَ مَا خَلْفَهُمْ مِّنَ السَّمَآءِ وَ الْاَرْضِ ؕ اِنْ نَّشَاْ نَخْسِفْ
بِهِمُ الْاَرْضَ اَوْ نُسْقِطْ عَلَیْهِمْ كِسَفًا مِّنَ السَّمَآءِ ؕ اِنَّ فِیْ ذٰلِكَ
لَاٰیَةً لِّكُلِّ عَبْدٍ مُّنِیْبٍ ۹ ع وَ لَقَدْ اٰتَیْنَا دَاوٗدَ مِنَّا فَضْلًا ؕ
یٰجِبَالُ اَوِّبِیْ مَعَهٗ وَ الطَّیْرَ ۚ وَ اَلَنَّا لَهُ الْحَدِیْدَ ۱۰ لا اَنِ اعْمَلْ

---

ڇھڻ وڃڻ ڪافرڻ وارن ٺٺولي طور پاڻ ۾ چيو ته ڇا اوهان کي هڪ اهڙو ماڻهو ڏيکاريون جيڪو توهان کي عجيب خبر ڏئي ٿو ته جڏهن توهان مري ويندا ۽ توهان جا جسم ريزه ريزه ٿي ويندا تڏهن ٻيهر زنده ٿيندا.
منز پهتو ته ريزه ريزه سپده تو پته ايوتهه دوباره بيه نو زندگي منز اننه اَفْتَرٰی عَلَی اللّٰهِ كَذِبًا اَمْ بِهٖ
جِنَّةٌ کياه سنا تمي شخصن ٹھرووه خداليس پيٹھ اپرکنه تس چھ مژرته جنون بَلِ الَّذِیْنَ لَا یُؤْمِنُوْنَ
بِالْاٰخِرَةِ فِی الْعَذَابِ وَ الضَّلٰلِ الْبَعِیْدِ نه چھ افترانه چھ مژر۔ بلکه چھ تم لوکھ یم قیامتس ته آخرتس
منکر چھ بڈس عذابس ته بجه گمراهی منز گرفتار۔ اَفَلَمْ یَرَوْا اِلٰی مَا بَیْنَ اَیْدِیْهِمْ وَ مَا خَلْفَهُمْ مِّنَ السَّمَآءِ
وَ الْاَرْضِ اِنْ نَّشَاْ نَخْسِفْ بِهِمُ الْاَرْضَ اَوْ نُسْقِطْ عَلَیْهِمْ كِسَفًا مِّنَ السَّمَآءِ اِنَّ فِیْ ذٰلِكَ لَاٰیَةً لِّكُلِّ عَبْدٍ مُّنِیْبٍ
کیا تمو لوکو وچھنا آسمانس ته زمینس کُن یس تمن برونٹھ کن ته تھر وکن یعني پرتھ طرفه چھ احاطه
کرتھ۔ هرگاه اس یژھو تم نموکھ زمینس تل والتھ یا ترا وو تمن پیٹھ آسمانچه چھلہ تو پته گالوکھ تمی سیت
سانین آیاتن انکار کرنه خاطره پزی پاٹھ اتھ منز چھ بوڈ نشانه پروردگاره سند قدرته وول آسنس پیٹھ
پرتھ رجوع بخداکره ونس بنده سنده خاطره وَ لَقَدْ اٰتَیْنَا دَاوٗدَ مِنَّا فَضْلًا بیه کوراسه عطا حضرت
داودس پننه طرفه بڈ فضیلت ته بڈ نعمت یٰجِبَالُ اَوِّبِیْ مَعَهٗ وَ الطَّیْرَ بیه کور حکم جانورن تهه ته اسو تمن
سیت سیت تسبیح پران روزان چنانچه حکم کوراسه کوهن که توه آسیو گره گره تمن سیت تسبیح پران۔
وَ اَلَنَّا لَهُ الْحَدِیْدَ بیه کوراسه تهنده خاطره شستر موم هیو نرم اَنِ اعْمَلْ سٰبِغٰتٍ وَّ قَدِّرْ فِی السَّرْدِ
حضرت داودس کور حکم تهه آسو بناوان اتھ شسترس زرهاه کشاده کشاده بیه کرو پور اندازه کرین هندس

سٰبِغٰتٍ وَّقَدِّرْ فِي السَّرْدِ وَاعْمَلُوْا صَالِحًا ۭ اِنِّىْ بِمَا تَعْمَلُوْنَ
بَصِيْرٌ ⑪ وَلِسُلَيْمٰنَ الرِّيْحَ غُدُوُّهَا شَهْرٌ وَّرَوَاحُهَا شَهْرٌ ۚ وَ
اَسَلْنَا لَهٗ عَيْنَ الْقِطْرِ ۭ وَمِنَ الْجِنِّ مَنْ يَّعْمَلُ بَيْنَ يَدَيْهِ بِاِذْنِ
رَبِّهٖ ۭ وَمَنْ يَّزِغْ مِنْهُمْ عَنْ اَمْرِنَا نُذِقْهُ مِنْ عَذَابِ السَّعِيْرِ ⑫
يَعْمَلُوْنَ لَهٗ مَا يَشَاۗءُ مِنْ مَّحَارِيْبَ وَتَمَاثِيْلَ وَجِفَانٍ كَالْجَوَابِ
وَقُدُوْرٍ رّٰسِيٰتٍ ۭ اِعْمَلُوْٓا اٰلَ دَاوٗدَ شُكْرًا ۭ وَقَلِيْلٌ مِّنْ عِبَادِيَ

---

مله ناونس ته واٺ ڊنس اندر وَاعْمَلُوْا صَالِحًا اِنِّىْ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ اي خاندانِ داؤد تهه ساري ڏيو يمن نعمتن پيٺ حمد ته شکر بيه کرو تهه رڙه عمله پرپاٺ به ڇهس تهنزن سارني ڪامين پيٺ پورو واقف وَلِسُلَيْمٰنَ الرِّيْحَ غُدُوُّهَا شَهْرٌ وَّرَوَاحُهَا شَهْرٌ بيه کور اَسهِ سليمان عليه السلام س واو مسخر صبحس اوس سه ريتچ وتهه طے کران شامس ته اوس ريتچ وتهه طے کران۔ وَ اَسَلْنَا لَهٗ عَيْنَ الْقِطْرِ بيه پکه تووَاسهِ تهنده خاطره ترامک ناگ ترام اوس گالتهه نيران آبکِ پاٺه پنه کانه منزه يتهه تمن بانه بٹهه تيار کرنس اندر سهولت سپده تمه کی اَس تم ججه ججه ديگه ته بڈ بڈ بانه بناوان وَمِنَ الْجِنِّ مَنْ يَّعْمَلُ بَيْنَ يَدَيْهِ بِاِذْنِ رَبِّهٖ بيه کراسهِ تمن مُسخر ته تابع جنوٚ اندره تم اشخاص يم تمن برونٹهه کنهِ خدايه سندِه حُکمه سيت کام آس کران وَمَنْ يَّزِغْ مِنْهُمْ عَنْ اَمْرِنَا نُذِقْهُ مِنْ عَذَابِ السَّعِيْرِ بيه يُس اکهاه تمو اندره سانهِ حُکمه نشهِ روگرداني کره سه ژہه ناوُون اَس آخرتس اندر ناره که عذابک مزه يَعْمَلُوْنَ لَهٗ مَا يَشَاۗءُ مِنْ مَّحَارِيْبَ وَتَمَاثِيْلَ وَجِفَانٍ كَالْجَوَابِ وَقُدُوْرٍ رّٰسِيٰتٍ تمِ جن آس بناوان تهنده خاطره تم تم چيز يم تمِ يژهه ہَن ججه ججه قالب لرهِ ہشهِ۔ بيه کلين ته کوہَن ہنزه شکله۔ بيه بڈ بڈ ٹهل تلاو بيه ججه ديگه۔ يمه اکسے جايه ٹهرت آسهِ آسان اِعْمَلُوْٓا اٰلَ دَاوٗدَ شُكْرًا اَسهِ کور حُکم حضرتِ داوده سندس خاندانس که يمن نعمتن پيٺه ڏيو شُکر۔ شُکر گذاری کرو رژ عمل کرنه سيت وَقَلِيْلٌ مِّنْ عِبَادِيَ الشَّكُوْرُ ميانيو بندو اندره چهه کمے شُکر گذاري کره وَن فَلَمَّا قَضَيْنَا عَلَيْهِ الْمَوْتَ مَا دَلَّهُمْ عَلٰى مَوْتِهٖٓ اِلَّا دَاۗبَّةُ الْاَرْضِ تَاْكُلُ مِنْسَاَتَهٗ اده يله اَسهِ

الشَّكُورُ ﴿١٣﴾ فَلَمَّا قَضَيْنَا عَلَيْهِ الْمَوْتَ مَا دَلَّهُمْ عَلَىٰ مَوْتِهِ
إِلَّا دَابَّةُ الْأَرْضِ تَأْكُلُ مِنسَأَتَهُ ۖ فَلَمَّا خَرَّ تَبَيَّنَتِ الْجِنُّ
أَن لَّوْ كَانُوا يَعْلَمُونَ الْغَيْبَ مَا لَبِثُوا فِي الْعَذَابِ الْمُهِينِ ﴿١٤﴾
لَقَدْ كَانَ لِسَبَإٍ فِي مَسْكَنِهِمْ آيَةٌ ۖ جَنَّتَانِ عَن يَمِينٍ وَشِمَالٍ ۖ
كُلُوا مِن رِّزْقِ رَبِّكُمْ وَاشْكُرُوا لَهُ ۚ بَلْدَةٌ طَيِّبَةٌ وَرَبٌّ

---

حضرت سلیمانہ سندہ مرنگ حکم جاری کورتہ تم گئے یمہ عالمہ تخت پیٹھ بہتھ لور آسکھ تھاو مڑ ہونگنہ تل، تتھے پاٹھ کور تہند روحِ مبارکن پرواز اتھ حالتس اندر رودے تم اکس وریس تانے جن آسے وچھان تمن تخت پیٹھ بہتھ کانہہ اوس نہ جرأت ہیکان کرتھ نکھ تل یتھ نظر دِنس۔ کُنہ چیزن ڈیت نہ پتاہ تمن جن سلیمان علیہ السلامہ سندہ مرنگ مگر کھوڑہ کیم اکِ یُس تہنز لورہ اندر اندرے کوران تہِ کھیوان اوس فَلَمَّا خَرَّ تَبَيَّنَتِ الْجِنُّ أَن لَّوْ كَانُوا يَعْلَمُونَ الْغَيْبَ مَا لَبِثُوا فِي الْعَذَابِ الْمُهِينِ ادہ یلہ سولور کھوکھر گیہ تہ پیہ وستھ تم تہ آئے وکرانہ یُون گُن اتھ تخت پیٹھ ادہ سپد معلوم جن تہندہ یمہ عالمہ گژھہ نگ دپنہ لگ کہ ہرگاہ غیبچ خبر آسہِ ہاتیلہ ما آسہ ہن تم وریس ذلتہ کس عذابس منز گرفتار لَقَدْ كَانَ لِسَبَإٍ فِي مَسْكَنِهِمْ آيَةٌ بے شک اَس قوم سبا خاطرہ تہندس وطنس اندر خدایہ سنز اطاعت تہ فرماں برداری کرنس پیٹھ بڈے بڈے نشانہ تہ دلیلہ موجود جَنَّتَانِ عَن يَمِينٍ وَشِمَالٍ تمو نشانو اندرہ اوس اکھ نشانہ کہ زہ باغ اَسِکھ سڑکہ دچھن تہ کھوفرے قطار در قطار یعنے تہندس علاقس اندر اَس عام شاہراہ تہ سڑکہ دچھن کھوفرہ دور تان نکھ نکھ باغات یمن منز کم کم میوہ آس بکثرت آمدنی تہ آسکھ کافی رونق تہ سایہ تہ اُسکھ بکمال اَسہِ ونہ نوو تمن انبیاءن تہ ناصحن ہندہ ذریعہ كُلُوا مِن رِّزْقِ رَبِّكُمْ وَاشْكُرُوا لَهُ کھیو پنہ نِس پروردگارہ سند عطا کورمُت رزق تو پتہ کرو تہنز شُکر گذاری تہ فرماں برداری۔ کیازہ دویہ قسمچہ نعمژ کرہ نوہ عطا بَلْدَةٌ طَيِّبَةٌ وَرَبٌّ غَفُورٌ اکھ کورنوہ عطا دنیاءس منز یہ شہر سبائس نہایت رُت شہراہ پتھ آب وہواکہ لحاظ بیاکھ نعمت کرنوہ عطا آخرتہ کہ اعتبارہ پروردگاراہ

غَفُوۡرٌ ﴿١٥﴾ فَاَعۡرَضُوۡا فَاَرۡسَلۡنَا عَلَيۡهِمۡ سَيۡلَ الۡعَرِمِ وَبَدَّلۡنٰهُمۡ
بِجَنَّتَيۡهِمۡ جَنَّتَيۡنِ ذَوَاتَيۡ اُكُلٍ خَمۡطٍ وَّاَثۡلٍ وَّشَيۡءٍ مِّنۡ سِدۡرٍ
قَلِيۡلٍ ﴿١٦﴾ ذٰلِكَ جَزَيۡنٰهُمۡ بِمَا كَفَرُوۡا ؕ وَهَلۡ نُجٰزِيۡۤ اِلَّا الۡكَفُوۡرَ ﴿١٧﴾
وَجَعَلۡنَا بَيۡنَهُمۡ وَبَيۡنَ الۡقُرَى الَّتِيۡ بٰرَكۡنَا فِيۡهَا قُرًى ظَاهِرَةً
وَّقَدَّرۡنَا فِيۡهَا السَّيۡرَ ؕ سِيۡرُوۡا فِيۡهَا لَيَالِيَ وَاَيَّامًا اٰمِنِيۡنَ ﴿١٨﴾

---

ڇھ سيٺاھ مغفرت ڪرڻ ون. ھرگاہ ڪنھ قسمہ ڪوتاھي ٿيہ لبنہ ٿھنداگنہ تہ ڪروہ درگذر فَاَعۡرَضُوۡا فَاَرۡسَلۡنَا عَلَيۡهِمۡ سَيۡلَ الۡعَرِمِ وَبَدَّلۡنٰهُمۡ بِجَنَّتَيۡهِمۡ جَنَّتَيۡنِ ذَوَاتَيۡ اُكُلٍ خَمۡطٍ وَّاَثۡلٍ وَّشَيۡءٍ مِّنۡ سِدۡرٍ قَلِيۡلٍ تمو زان نہ اتھ نعمتس قدر بلکہ ڦير تمو سانيو حڪمونشہ ٻتھ ادہ ڪور اسہ تمن پيٺھ پٹن قھر نازل جاري ڪور اسہ تمن پيٺھ بوڈيپ تہ سيلاب يُس توتان بند اوس. يمہ سيت ٿھند تم ساري باغات تباہ و برباد گئے ٻيہ بدلاو اسہ ٿھندين دون باغن بدل ٻيہ قسمک زہ باغ يمن منز يم چيز يٹھ گن رود بد مزہ ميوہ دار ڪُل. ٻيہ ميوہ ورائے جنگلي ڪُل. ٻيہ جنگلي بريہ ڪُل ڪينھہ ڪے يمن منز نہ مزہ تہ لطافت اَس ذٰلِكَ جَزَيۡنٰهُمۡ بِمَا كَفَرُوۡا وَهَلۡ نُجٰزِيۡۤ اِلَّا الۡكَفُوۡرَ يہ سزا ديت اسہ تمن ڪُفرہ سببہ ڪفران نعمت ڪرنہ سببہ اَس ڇھاٿھ سزا دِوان ڪفرانِ نعمت ڪرن والين وراي ٻيہ ڪانسہ وَجَعَلۡنَا بَيۡنَهُمۡ وَبَيۡنَ الۡقُرَى الَّتِيۡ بٰرَكۡنَا فِيۡهَا قُرًى ظَاهِرَةً ٻيہ ڪر اسہ اھلِ سباءن منز تہ ٻيہ شامہ ڪين تمن شھرن منز يمن منز اسہ پيداوارچ برڪت ڪرمژ آس وارياہ شھر آباد نکھ نکھ يم برلبِ سڑک آس يم سارے پکہ وٺين بوزنہ يوان آس. يمو سيت نہ مسافرن سفرس منز ڪنہ قسمک وحشت پيدہ سپدان اوس يہ نس تمن ٹھرنچ خواھش سپدان اَس تہ نس آس تم وسٺھ ٹھرِ تھ ھيڪان وَّقَدَّرۡنَا فِيۡهَا السَّيۡرَ مقرر اوس ڪورمُت اسہ اکہ خاص اندازہ مُوجب تمو شھر ومنزے لوگن ھنديُن گرڈھن سِيۡرُوۡا فِيۡهَا لَيَالِيَ وَاَيَّامًا اٰمِنِيۡنَ فرمومُت اوسکھ اسہ ڪہ ڪرو سير رات ڪيت تہِ ڈوھلہ تہ امن و امانس اندر چنانچہ ساري لوکھ آس يمنہ پيٺھ شام واتان يموے آباد شھرو منز ڪوج اڪس شھرس تہ ڪال ٻيس شھرس منز کھيوان ساري فقير تہ دنيادار آس کھين چين پانس سيت تلنہ

فَقَالُوْا رَبَّنَا بٰعِدْ بَيْنَ اَسْفَارِنَا وَظَلَمُوْٓا اَنْفُسَهُمْ فَجَعَلْنٰهُمْ
اَحَادِيْثَ وَمَزَّقْنٰهُمْ كُلَّ مُمَزَّقٍ ؕ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّكُلِّ
صَبَّارٍ شَكُوْرٍ ﴿۱۹﴾ وَلَقَدْ صَدَّقَ عَلَيْهِمْ اِبْلِيْسُ ظَنَّهٗ فَاتَّبَعُوْهُ
اِلَّا فَرِيْقًا مِّنَ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿۲۰﴾ وَمَا كَانَ لَهٗ عَلَيْهِمْ مِّنْ سُلْطٰنٍ
اِلَّا لِنَعْلَمَ مَنْ يُّؤْمِنُ بِالْاٰخِرَةِ مِمَّنْ هُوَ مِنْهَا فِيْ شَكٍّ ؕ وَ
رَبُّكَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ حَفِيْظٌ ﴿۲۱﴾ ع قُلِ ادْعُوا الَّذِيْنَ زَعَمْتُمْ مِّنْ

---

وراے اَمہِ وتہ پکان دنیاداروودن یتھ منز چھنہ سانے شان بوزن یوان تمِ لگے دعا کرنہ فَقَالُوْا رَبَّنَا بٰعِدْ بَيْنَ اَسْفَارِنَا کہ پروردگارادوری تراوژہ سانین سفرہ کین منزلن اندر۔ منزہ منزہ کرکھ بعضے شہر غیر آباد تااینکہ اَسہِ آسہِ یوان سامانہ سیت تلنہ تہ حفاظتہ خاطرہ نوکر چاکر مسلح سامانہ سیت تلنہ وَظَلَمُوْٓا اَنْفُسَهُمْ پس کور تمو ظلم پانے پانس بنی اسرائیلن ہندے پاٹھ لوگکھ کھینہ منزہ ڈوگس فَجَعَلْنٰهُمْ اَحَادِيْثَ چنانچہ تھاوہ اَسہِ پتھ کُن تھزہ کتھہ باقی پتہ اِوہ نین ہندہ خاطرہ وَمَزَّقْنٰهُمْ كُلَّ مُمَزَّقٍ بیہ کر اَسہِ تمن چھلہ چھانگر تم قبیلہ واتِ دور دور مختلف شہرن اندر ژلان ژلان اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّكُلِّ صَبَّارٍ شَكُوْرٍ بے شک یہ اَسہِ بیان کوراتھ منز چھ بڈ بڈ نشانہ عبرت رٹہ نک پریتھ صبر تہ شکر کرہ ونین ہندہ خاطرہ یعنی باایمان تہ فرمابردارن ہندہ خاطرہ وَلَقَدْ صَدَّقَ عَلَيْهِمْ اِبْلِيْسُ ظَنَّهٗ فَاتَّبَعُوْهُ اِلَّا فَرِيْقًا مِّنَ الْمُؤْمِنِيْنَ پزپاٹھ تصدیق کورابلیسن تمن منز پنہ نس خیالس چنانچہ تمو کرپور پیروی تھز مگر روز پتھ لتس پیروی کرنہ نشہِ اکھ کے جماعتھاہ باایمانن ہنز یم کامل الایمان آس تم رُود بالکل محفوظ یم ضعیف الایمان آس تموِ کرنہ اگرچہ شرک وکفرس منز تمِ سنز پیروی مگر معاصین اندر کورکھ تم سند اتباع وَمَا كَانَ لَهٗ عَلَيْهِمْ مِّنْ سُلْطٰنٍ اِلَّا لِنَعْلَمَ مَنْ يُّؤْمِنُ بِالْاٰخِرَةِ مِمَّنْ هُوَ مِنْهَا فِيْ شَكٍّ وَرَبُّكَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ حَفِيْظٌ بیہ اوس نہ ابلیسہ سند تمن پیٹھ کانہہ زور تہ جبر مگر یہ اوس اَسہِ منہِ راوان کہ گس چھ آخرتِ پڑھ تموِ لوکواَندرہ بیہ کمن چھ آخرتک شک تہ تردد دِلن اندر یتھہ زن پریتھ اکس مناسب

دُوْنِ اللّٰهِ ۚ لَا يَمْلِكُوْنَ مِثْقَالَ ذَرَّةٍ فِي السَّمٰوٰتِ وَلَا فِي
الْاَرْضِ وَمَا لَهُمْ فِيْهِمَا مِنْ شِرْكٍ وَّمَا لَهٗ مِنْهُمْ مِّنْ ظَهِيْرٍ ۲۲
وَلَا تَنْفَعُ الشَّفَاعَةُ عِنْدَهٗٓ اِلَّا لِمَنْ اَذِنَ لَهٗ ۭ حَتّٰٓى اِذَا فُزِّعَ
عَنْ قُلُوْبِهِمْ قَالُوْا مَاذَا ۙ قَالَ رَبُّكُمْ ۭ قَالُوا الْحَقَّ ۚ وَهُوَ الْعَلِيُّ

سزا ڏيندو تنهنڪري تنهنجو پروردگار هر شيءِ جو نگهبان آهي ۽ هر شيءِ کان پوري طرح آگاهه آهي. قُلِ ادْعُوا الَّذِيْنَ زَعَمْتُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ فرمايو ته اي رسول! ماڻهن کي چئو ته سڏيو انهن کي جن کي توهان الله کان سواءِ معبود سمجهي رهيا آهيو. معلوم ٿيندو ته اهي ڪهڙا آهن. حقيقت اها آهي ته لَا يَمْلِكُوْنَ مِثْقَالَ ذَرَّةٍ فِي السَّمٰوٰتِ وَلَا فِي الْاَرْضِ اهي ذري جيترو به مالڪ نه آهن نه آسمانن ۾ ۽ نه زمين ۾ وَمَا لَهُمْ فِيْهِمَا مِنْ شِرْكٍ وَّمَا لَهٗ مِنْهُمْ مِّنْ ظَهِيْرٍ ۽ نه انهن کي آسمانن ۽ زمين پيدا ڪرڻ ۾ خدا سان ڪو شراڪت آهي ۽ نه انهن مان ڪو خدا جو مددگار آهي. وَلَا تَنْفَعُ الشَّفَاعَةُ عِنْدَهٗٓ اِلَّا لِمَنْ اَذِنَ لَهٗ ۽ نه ئي انهن جي شفاعت ڪم ايندي، سواءِ ان جي جنهن کي اجازت ملي. ڇاڪاڻ ته معبودانِ باطل بي جان آهن، شفاعت ڪيئن ڪندا؟ انهن ۾ ته قابليت ئي ناهي. جيڪي جاندار آهن، مگر الله تعاليٰ وٽ مقبول ۽ قابل اعتبار نه آهن جهڙوڪ شيطان وغيره، اهي به شفاعت ڪري نٿا سگهن. بلڪه جيڪي ذي روح جاندار ۽ مقبول ۽ بااعتبار بندا آهن جهڙوڪ ملائڪ، انهن لاءِ مشرڪ خدا جي سڄي ڪائنات کي مستحق عبادت سمجهن ٿا، اهي به ڪنهن شخص جي خدا وٽ سفارش ۽ شفاعت ڪري نٿا سگهن. خدا وٽ ڪنهن جي سفارش ۽ شفاعت ڪام ڏئي ٿي، مگر ان شخص جي خاطر جنهن جي شفاعت ڪرڻ لاءِ الله تعاليٰ شفاعت ڪرڻ جي اجازت ڏئي. ان مان ثابت ٿيو ته شفاعت ڪرڻ وارن کي شفاعت ڪرڻ جي اجازت گنهگار باايمانن جي خاطر آهي، ڪافرن ۽ مشرڪن جي خاطر ملائڪ به ڪنهن کي بلا اجازت سفارش ڪري نٿا سگهن. انهن جي غلبه هيبت جي حالت هيءَ آهي ته حَتّٰٓى اِذَا فُزِّعَ عَنْ قُلُوْبِهِمْ قَالُوْا مَاذَا ۙ قَالَ رَبُّكُمْ ۭ قَالُوا الْحَقَّ چنانچه جڏهن خدا جي طرف کان انهن کي ڪو حڪم

كَسَبُوْا مَا تَرَكَ عَلٰى ظَهْرِهَا مِنْ دَآبَّةٍ وَّلٰكِنْ يُّؤَخِّرُهُمْ اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى ۚ فَاِذَا جَآءَ اَجَلُهُمْ فَاِنَّ اللّٰهَ كَانَ بِعِبَادِهٖ بَصِيْرًا ﴿٤٥﴾ ع

---

چن کا مین پیٹھ رٹہ ہاگرفتار کرہِ ہاتلہ چھڑہانہ زمینس پیٹھ کانسہ حرکت تہ صرصر کرہ ونس جاندارس کیازِہ نافرمانن گیوٗ وپوٗزے فرمانبردار تہ یہن یمہ دنیا منزہ بیس عالمس منزو انتاونہ حیوانات تہ یہن ختم کرنہ کیازہ تم ساری چھہ انسانن ہندی خاطرہ یتھ دنیاءس منز۔ لیکن سُہ چھہ لوکن مُہلت دوان اکس مُقرر کرنہ آمتیس وقتس تانِ فَاِذَا جَآءَ اَجَلُهُمْ فَاِنَّ اللّٰهَ كَانَ بِعِبَادِهٖ بَصِيْرًا ادہ یلہ تمن پنن مُقرر کرنہ آمت وقت واتہِ، پس چھہ اللہ تعالیٰ پنہ نین بندن ہندسُوری حال پورو چھہ وَن۔ تمس چھہ ساری بندہ نظری۔ پس تم یہ کورمُت آسہِ تمن دیہ سُہ پانے تمچ مزورر ژہ کامہ رژمزور بیچھ کامہ بیچھ مزور۔






بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ ○
یٰسٓ ۝۱ وَالْقُرْاٰنِ الْحَکِیْمِ ۝۲ اِنَّکَ لَمِنَ الْمُرْسَلِیْنَ ۝۳ عَلٰی صِرَاطٍ
مُّسْتَقِیْمٍ ۝۴ تَنْزِیْلَ الْعَزِیْزِ الرَّحِیْمِ ۝۵ لِتُنْذِرَ قَوْمًا مَّآ اُنْذِرَ
اٰبَآؤُهُمْ فَهُمْ غٰفِلُوْنَ ۝۶ لَقَدْ حَقَّ الْقَوْلُ عَلٰٓی اَکْثَرِهِمْ فَهُمْ
لَا یُؤْمِنُوْنَ ۝۷ اِنَّا جَعَلْنَا فِیْٓ اَعْنَاقِهِمْ اَغْلٰلًا فَهِیَ اِلَی
الْاَذْقَانِ فَهُمْ مُّقْمَحُوْنَ ۝۸ وَجَعَلْنَا مِنْۢ بَیْنِ اَیْدِیْهِمْ

---

یٰسٓ یم چھہ حروف مُقطعا تواَندرہ زہ حرف۔ امیُک معنیٰ زانہ پانہ پروردگار وَالْقُرْاٰنِ الْحَکِیْمِ قسم چھہ مضبوط و محکم باحکمت قرآنِ مجیدکُ اِنَّکَ لَمِنَ الْمُرْسَلِیْنَ بے شک چھُوہ ژٕ اے محمد پیغمبر وَاندرہ عَلٰی صِرَاطٍ مُّسْتَقِیْمٍ سیزہ وتہ پیٹھ۔ یُس تُہنز پیروی تہ متابعت کرِ سُہ واتہ خدایس نش۔ تَنْزِیْلَ الْعَزِیْزِ الرَّحِیْمِ نازل چھہ یہ قرآن مجید کورمُت تمِے خدایَن یُس سیٹھاہ غالب چھُہ یُس سیٹھاہ رحمتہ وول چھُہ لِتُنْذِرَ قَوْمًا مَّآ اُنْذِرَ اٰبَآؤُهُمْ فَهُمْ غٰفِلُوْنَ تُہہ اوہ پیغمبر سوزنہ یتھ تہہ بیم کرو خدایہ سندِہ عذابہ نشہِ گوڈہ تتھ قومس یمن ہندین مالین بڈبن اَوس نہ اَمہ عذابک بیم آمت کرنہ تمِی چھہ تمہ دین حقہ نشہ بے خبر لَقَدْ حَقَّ الْقَوْلُ عَلٰٓی اَکْثَرِهِمْ فَهُمْ لَا یُؤْمِنُوْنَ بے شک تمو اندرہ چھہ اکثرن پیٹھ ازلکہ تقدیرچ کتھ برابر آمژ تمہ مُوکھ اَنن نہ تم ایمان اِنَّا جَعَلْنَا فِیْٓ اَعْنَاقِهِمْ اَغْلٰلًا فَهِیَ اِلَی الْاَذْقَانِ فَهُمْ مُّقْمَحُوْنَ تہنز مثال چھہ زن اَسہِ چھہ تراومتِ تُہنزن گردنن منز غول تمِ غول چھکھ ہونگنین تان۔ یمہ سببہ تم کلہ ہیورٕ کنِ تھاوِتھ وتھ چھکھنہ بوزنے یوان تہندہ ایمانہ دُور آسنچ چھہ بیاکھ مثال۔ وَجَعَلْنَا مِنْۢ بَیْنِ اَیْدِیْهِمْ سَدًّا وَّمِنْ خَلْفِهِمْ سَدًّا فَاَغْشَیْنٰهُمْ فَهُمْ

سَدًّا وَّمِنْ خَلْفِهِمْ سَدًّا فَاَغْشَيْنٰهُمْ فَهُمْ لَا يُبْصِرُوْنَ ﴿۹﴾
وَسَوَآءٌ عَلَيْهِمْ ءَاَنْذَرْتَهُمْ اَمْ لَمْ تُنْذِرْهُمْ لَا يُؤْمِنُوْنَ ﴿۱۰﴾
اِنَّمَا تُنْذِرُ مَنِ اتَّبَعَ الذِّكْرَ وَخَشِيَ الرَّحْمٰنَ بِالْغَيْبِ ۚ
فَبَشِّرْهُ بِمَغْفِرَةٍ وَّاَجْرٍ كَرِيْمٍ ﴿۱۱﴾ اِنَّا نَحْنُ نُحْيِ الْمَوْتٰى
وَنَكْتُبُ مَا قَدَّمُوْا وَاٰثَارَهُمْ ۚؕ وَكُلَّ شَيْءٍ اَحْصَيْنٰهُ فِيْٓ
اِمَامٍ مُّبِيْنٍ ﴿۱۲﴾ ع وَاضْرِبْ لَهُمْ مَّثَلًا اَصْحٰبَ الْقَرْيَةِ ۘ اِذْ

---

لَا يُبْصِرُوْنَ بیہ زَن اَسہِ قائم کورمُت چھہ تِمن برونٹھ کنہِ اکھ دیوارہ۔ بیہ تھنزہ تھرکنہِ تہ بیاکھ دیواراہ تو پتہ چھہ ولمت اَسہِ تم پریتھ طرفہ پِس چھنہ تِمن بُوزنے یوان کینہہ دوشونے مثالن ہند حاصل چھہ ای کہِ وَسَوَآءٌ عَلَيْهِمْ ءَاَنْذَرْتَهُمْ اَمْ لَمْ تُنْذِرْهُمْ لَا يُؤْمِنُوْنَ ہشی تھاہ چھہ تُوہہ تِمن بیم کرتو یامتہ کرتو۔ تمِ ایمان انن نہ ہرگز اِنَّمَا تُنْذِرُ مَنِ اتَّبَعَ الذِّكْرَ وَخَشِيَ الرَّحْمٰنَ بِالْغَيْبِ تُہہ کرو بیم تِس لیس نصیحتہ مُوجب پکہ بیہ کھوژہ حضرتِ رحمانس وچھنہ ورائے فَبَشِّرْهُ بِمَغْفِرَةٍ وَّاَجْرٍ كَرِيْمٍ تِتھس شخصس دیوتہہ بشارت گونہن ہندہ بڈہ مغفرتِچ۔ بیہ طاقت و عمل کرنس پیٹھ رِتہ معاوضچ۔ امی اندرہ سُپد معلوم کہ یم بُتھ پھرِن تہ گمراہی اختیار کرن تمِ چھہ مغفرتہ تہ رِتہ عوضہ نشہ محروم۔ اگرچہ اَمہِ جزاء و سزاءک ظہور دنیاءس منز سپدن لازم چھنہ اِنَّا نَحْنُ نُحْيِ الْمَوْتٰى وَنَكْتُبُ مَا قَدَّمُوْا وَاٰثَارَهُمْ کیازہ اَسِ کروکھ اکہ دوہہ ساری مردہ زندہ تمی دوہہ سپدہ امیک ظہور بیہ چھہ اس تمہِ سارے عملہ لیکھان یمہ تِمو برونٹھکن سوزہ بیہ چھہ اَسِ لیکھان تمہ عملہ تہ یمہ تم پتھکن تراوان چھہ وَكُلَّ شَيْءٍ اَحْصَيْنٰهُ فِيْٓ اِمَامٍ مُّبِيْنٍ بیہ چھہ اَسہِ پریتھ چیزاہ لیکھتھ تھووُمت واضح کتابہ منز یعنے لوح محفوظس منز تہندہ عملہ اندرانہ برونٹھے۔ وَاضْرِبْ لَهُمْ مَّثَلًا اَصْحٰبَ الْقَرْيَةِ اِذْ جَآءَهَا الْمُرْسَلُوْنَ بیہِ کرو تُہہ بیان تِمن کافرن برونٹھ کنہِ (یتھ تائید سپدہ تُہندس رِسالتس بیہ سپدہ تہندس اِنکار توحید و رسالت کرہ نس پیٹھ حجت قائم) مثال اَکہِ گامہِ کین لوگن ہنز یلہ اتھ لبستی منز سوزا اَسہِ کینہہ پیغمبر

جَآءَهَا الْمُرْسَلُوْنَ ﴿۱۳﴾ اِذْ اَرْسَلْنَآ اِلَيْهِمُ اثْنَيْنِ فَكَذَّبُوْهُمَا
فَعَزَّزْنَا بِثَالِثٍ فَقَالُوْٓا اِنَّآ اِلَيْكُمْ مُّرْسَلُوْنَ ﴿۱۴﴾ قَالُوْا
مَآ اَنْتُمْ اِلَّا بَشَرٌ مِّثْلُنَا ۙ وَمَآ اَنْزَلَ الرَّحْمٰنُ مِنْ شَيْءٍ ۙ
اِنْ اَنْتُمْ اِلَّا تَكْذِبُوْنَ ﴿۱۵﴾ قَالُوْا رَبُّنَا يَعْلَمُ اِنَّآ اِلَيْكُمْ
لَمُرْسَلُوْنَ ﴿۱۶﴾ وَمَا عَلَيْنَآ اِلَّا الْبَلٰغُ الْمُبِيْنُ ﴿۱۷﴾ قَالُوْٓا
اِنَّا تَطَيَّرْنَا بِكُمْ ۚ لَئِنْ لَّمْ تَنْتَهُوْا لَنَرْجُمَنَّكُمْ وَلَيَمَسَّنَّكُمْ
مِّنَّا عَذَابٌ اَلِيْمٌ ﴿۱۸﴾ قَالُوْا طَآئِرُكُمْ مَّعَكُمْ ۭ اَئِنْ

---

اِذْ اَرْسَلْنَآ اِلَيْهِمُ اثْنَيْنِ فَكَذَّبُوْهُمَا فَعَزَّزْنَا بِثَالِثٍ فَقَالُوْٓا اِنَّآ اِلَيْكُمْ مُّرْسَلُوْنَ یلہ گوڑہ نی سوز اَسہِ تمن نِشہِ زہ پیغمبر تموزانِ تم دوہ شوے اپڑ توپتہ کور اَسہِ تمن دون پیغمبرن مدد تر تمس پیغمبرہ سندہ سیت تمو ترلیشوے پیغمبرو دُوپ تمن لوکن بیشک چھ اَسے توہہ کُن خدایہ سندہ طرفہ پیغمبر۔ تُہہ کرو توحید اختیار بُت پرستی تراوِ قَالُوْا مَآ اَنْتُمْ اِلَّا بَشَرٌ مِّثْلُنَا وَمَآ اَنْزَلَ الرَّحْمٰنُ مِنْ شَيْءٍ اِنْ اَنْتُمْ اِلَّا تَكْذِبُوْنَ تمو لوکو دُوپ ہکھ توہہ منز کیاہ خصوصیت چھ پیغمبر آسہِ چُ تُہہ چھوہ نہ مگر اَسی ہوِ اِنسان خدائے رحمانن چھُنہ اَز تان کانہہ چیزِ کتاب یا احکام نازل کرمتِ تُہہ ترلیشوے چھوہ بالکل اپزُ ونان قَالُوْا رَبُّنَا يَعْلَمُ اِنَّآ اِلَيْكُمْ لَمُرْسَلُوْنَ تمو پیغمبر دوو پھِک سانِس پروردگارس چھ معلوم کہ بے شک تہ یقیناً چھ اَسِ توہہ کُن تہندی طرفہ بطور رسول سوزنہ آمتِ وَمَا عَلَيْنَآ اِلَّا الْبَلٰغُ الْمُبِيْنُ اَسہِ پیٹھ چھنہ مِٹہ مگر پیٹھ واتہ ناون پورہ پورہ سو کام کر اَسہِ وونِ چھ مانن یا نہ مانن تُہنز کام قَالُوْٓا اِنَّا تَطَيَّرْنَا بِكُمْ تمو لوکو دوپکھ اَسِ چھوہ توہہِ زانان پھیشل کیازہ تہندہ ینہ سیت ووتھ شہرس منز دراگ بیہ پیوو تُہندہ تحریکہ سیت لوکن منز تفرقہ تہ فساد لَئِنْ لَّمْ تَنْتَهُوْا لَنَرْجُمَنَّكُمْ وَلَيَمَسَّنَّكُمْ مِّنَّا عَذَابٌ اَلِيْمٌ ہرگاہ نے تُہہ پتھ رُوزِ دِیہ تبلیغ کرنہ نِشہ یمہ کتھ ونہ نِشہِ اَسِ لایوہ توہہِ کُنہ بیہ واتہ توہہ سانہ

ذُكِّرْتُمْ ۚ بَلْ اَنْتُمْ قَوْمٌ مُّسْرِفُوْنَ ⑲ وَجَآءَ مِنْ اَقْصَا
الْمَدِيْنَةِ رَجُلٌ يَّسْعٰى قَالَ يٰقَوْمِ اتَّبِعُوا الْمُرْسَلِيْنَ ⑳
اتَّبِعُوْا مَنْ لَّا يَسْـَٔلُكُمْ اَجْرًا وَّهُمْ مُّهْتَدُوْنَ ㉑
وَمَالِيَ لَآ اَعْبُدُ الَّذِيْ فَطَرَنِيْ وَاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ ㉒
ءَاَتَّخِذُ مِنْ دُوْنِهٖٓ اٰلِهَةً اِنْ يُّرِدْنِ الرَّحْمٰنُ بِضُرٍّ لَّا تُغْنِ عَنِّيْ

---

طرفہ سخت عذاب تہ رنگارنگ تکلیف قَالُوْا طَآئِرُكُمْ مَّعَكُمْ اَئِنْ ذُكِّرْتُمْ بَلْ اَنْتُمْ قَوْمٌ مُّسْرِفُوْنَ پیغمبرو دوپکھ تُہنز نحوست چھ توہہ گوڑہ پیٹھے پانس سیت کیازِ ساری تکلیف چھ توہہ حق قبول نہ کرنہ مُوکھ ہرگاہ تُہہ ساری دین حق قبول کرِتھ متفق سپدہ ہو تیلہ نہ آسہا توہہ پانہ وانِ جنگ وجدال نہ فتنہ تہ فسادنہ آسہو تُہہ قحط سالی تہ دراگس مُبتلا۔ کیاہ تُہہ چھوہ یتھ کتھ نحوستہ زانان یوسہ نصیحت سعادت تُک رکن تہ بنیاد چھ واقعس منز یہ نحوست چھنہ بلکہ چھوہ تُہہ عقلہ ہندہ تہ شرعکہ حدہ نشہِ ڈلہ ونِ تمی مخالفتِ شرعہ سیت واتھ توہہ یہ نحوست امہ گفتگواچ خبریلہ شہرس منز شائع سپز وَجَآءَ مِنْ اَقْصَا الْمَدِيْنَةِ رَجُلٌ يَّسْعٰى توپتہ آو شہرکہ اندرہ پیٹھ اکھ شخصاہ یُس مسلمان اوس دوران یتھنہ یم لوکھ پیغمبرن کینہہ تکلیف واتناوِن یمہ سیت قومُک قوم تباہ گژھہ قَالَ يٰقَوْمِ اتَّبِعُوا الْمُرْسَلِيْنَ *

اتَّبِعُوْا مَنْ لَّا يَسْـَٔلُكُمْ اَجْرًا وَّهُمْ مُّهْتَدُوْنَ تمہِ شخصن دوپکھ ای لوکو پیغمبرن ہنز کرو پیروی۔ تُہہ پکو ضرور تہنزہ وَتہ یم تہ توہہ سیز وتھ ہاونہ خاطرہ کُنہ قسمہ معاوضہ منگان چھ بیہ چھ تم پانہ سیزِ وَتہ پیٹھ تمن کانہہ خودغرضیاہ چھنہ اتھ اندر۔ وَمَالِيَ لَآ اَعْبُدُ الَّذِيْ فَطَرَنِيْ وَاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ میہ نِشہِ کیاہ عُذر چھہ تہ میہ کیاہ گوکہ بہ کیاہ کرنہ بندگی تس پروردگارہ سنز یمِ بہ پادہ کورنس۔ وُنِ اوس اُمس توہہ کیاہ گووِ تُہہ چھوہ نہ پروردگارہ سنز عبادت کران یمِ تُہہ پادہ کُر نوہ یہ وون امی پانہ سے یتھ نہ مخاطِبن باعِث اشتعال سپدہ۔ بیہ چھوہ توہہِ سارِنے تس کُن رجوع کرُن، پتولاکہ واتُن موجودہ حالتس کُن نظر کرِتھ کمہِ بُتھِ ہیکوِ تہہ تس برونٹھ کنہِ بُتھ دِتھ ءَاَتَّخِذُ مِنْ دُوْنِهٖٓ اٰلِهَةً اِنْ يُّرِدْنِ الرَّحْمٰنُ بِضُرٍّ لَّا

شَفَاعَتُهُمْ شَيْـًٔا وَّلَا يُنْقِذُوْنِ ﴿٢٣﴾ اِنِّيْٓ اِذًا لَّفِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ ﴿٢٤﴾ اِنِّيْٓ
اٰمَنْتُ بِرَبِّكُمْ فَاسْمَعُوْنِ ﴿٢٥﴾ قِيْلَ ادْخُلِ الْجَنَّةَ ۭ قَالَ يٰلَيْتَ قَوْمِيْ
يَعْلَمُوْنَ ﴿٢٦﴾ بِمَا غَفَرَ لِيْ رَبِّيْ وَجَعَلَنِيْ مِنَ الْمُكْرَمِيْنَ ﴿٢٧﴾ وَمَآ
اَنْزَلْنَا عَلٰي قَوْمِهٖ مِنْۢ بَعْدِهٖ مِنْ جُنْدٍ مِّنَ السَّمَاۗءِ وَمَا كُنَّا مُنْزِلِيْنَ ﴿٢٨﴾
اِنْ كَانَتْ اِلَّا صَيْحَةً وَّاحِدَةً فَاِذَا هُمْ خٰمِدُوْنَ ﴿٢٩﴾ يٰحَسْرَةً عَلَي

---

تُغْنِ عَنِّيْ شَفَاعَتُهُمْ شَيْـًٔا وَّلَا يُنْقِذُوْنِ كياه به هيكا ٿهند پا ٺهه تس وراءِ تم تم چيز معبود آنهه تمن هنده عجز ج كيفيت يه ڇهه كه هرگاه خداى رحمان مه نسبت كانهه تكليفاه واته ناون يڑهه تمن معبودانِ باطلن هنز سفارش هيكه نه ميه كانهه فائيداه واتنا وِ تهه ـ نه هيكن تمِ پانه پتنهِ قدرت ته سيت ته طاقته سيت ميه تمهِ تكليفه نشهِ موه كلاوِ تهه اِنِّيْٓ اِذًا لَّفِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ هرگاه به يتهه نابه كار پتني معبود زانكه تله ڇهس به ئنهِ گمراهى منز اِنِّيْٓ اٰمَنْتُ بِرَبِّكُمْ فَاسْمَعُوْنِ ميه ڇهه تهندِ س پروردگارس پيٹھ ايمان اوٚنمت. توٚهه ته بوزِيه مياں كتهه واره. مگر تمن لوكن پيٹھ پيوونه اُمس شخصه سنزن كتهن هند كانهه اثر بلكه روٹهه توپته موٚرُكه. كنهِ لاى لاى كوڈهس جان يا زڈلكه نارس اندريا چور هس هوٹ. بهر حال يمو تريو طريقو اندره اكه طريقه كوٚرُكه شهيد قِيْلَ ادْخُلِ الْجَنَّةَ شهيد سپدونے سپد تمس خدايه سنده طرفه ارشاد كه اے باايمانه گڑهه اڈهه جنتس قَالَ يٰلَيْتَ قَوْمِيْ يَعْلَمُوْنَ * بِمَا غَفَرَ لِيْ رَبِّيْ وَجَعَلَنِيْ مِنَ الْمُكْرَمِيْنَ سوٚ باايمان لوٚگ اَمهِ ساته ته ونهِ كاشكهِ مياںس قومس سپد ها معلوم ميون حال، كه مه كرِ مغفرت مياںِ پروردگارن ايمان واتباع رسول كه بركته بيه كورنس به باعزت لوكو اندره. يه بوزِ تهه انه هن تمِ ته ايمان. تمن ته ييه هاتهے پاٹهه مغفرت كرنه ته عزت دنه. يله امهِ شهره كيولوكو پيغمبرن ته تهندين تابعن سيت يتهه معامله كور. اَسهِ هيوت تمن اميوك انتقام هينه خاطره وَمَآ اَنْزَلْنَا عَلٰي قَوْمِهٖ مِنْۢ بَعْدِهٖ مِنْ جُنْدٍ مِّنَ السَّمَاۗءِ وَمَا كُنَّا مُنْزِلِيْنَ واٚل نه اَسهِ تس باايمانه سندِ س قومس پيٹھ تهندِ ه شهيد سپدنه پته سُه قوم گالنه خاطره كانهه لشكراه ملائكن هند آسمانكهِ طرفه نه اَس اَسهِ تيچ ضرورت كيازِه تهند هلاك كرن اوس نه محتاج كُنهِ بجه لشكرهِ

الْعِبَادِ ۚ مَا يَأْتِيهِم مِّن رَّسُولٍ إِلَّا كَانُوا بِهِ يَسْتَهْزِءُونَ ﴿٣٠﴾ أَلَمْ يَرَوْا
كَمْ أَهْلَكْنَا قَبْلَهُم مِّنَ الْقُرُونِ أَنَّهُمْ إِلَيْهِمْ لَا يَرْجِعُونَ ﴿٣١﴾ وَإِن
كُلٌّ لَّمَّا جَمِيعٌ لَّدَيْنَا مُحْضَرُونَ ﴿٣٢﴾ وَآيَةٌ لَّهُمُ الْأَرْضُ الْمَيْتَةُ
أَحْيَيْنَاهَا وَأَخْرَجْنَا مِنْهَا حَبًّا فَمِنْهُ يَأْكُلُونَ ﴿٣٣﴾ وَجَعَلْنَا فِيهَا جَنَّاتٍ
مِّن نَّخِيلٍ وَأَعْنَابٍ وَفَجَّرْنَا فِيهَا مِنَ الْعُيُونِ ﴿٣٤﴾ لِيَأْكُلُوا مِن
ثَمَرِهِ ۙ وَمَا عَمِلَتْهُ أَيْدِيهِمْ ۖ أَفَلَا يَشْكُرُونَ ﴿٣٥﴾ سُبْحَانَ الَّذِي خَلَقَ

---

کن إِن كَانَتْ إِلَّا صَيْحَةً وَاحِدَةً فَإِذَا هُمْ خَامِدُونَ بلکہ اوس سۂ سزا اکھ۔ سخت آوازاہ جبریل اینہ سنز یا بیہ کانسہِ ملکہ سنز۔ یانِ سوہ کریکھ گیہِ تانِ شہلے تمِ سارِی يَا حَسْرَةً عَلَى الْعِبَادِ مَا يَأْتِيهِم مِّن رَّسُولٍ إِلَّا كَانُوا بِهِ يَسْتَهْزِءُونَ افسوس یتھین بندن ہندِس حالس پیٹھ یمن نشہِ یلہِ ڈوت کانہہ پیغمبراہ تیلہِ اَس تمِ تس پیغمبرس لسنہ تہ ٹھٹھہ کران أَلَمْ يَرَوْا كَمْ أَهْلَكْنَا قَبْلَهُم مِّنَ الْقُرُونِ أَنَّهُمْ إِلَيْهِمْ لَا يَرْجِعُونَ کیاہ تمو وُچھ نا اَسہِ کاژاہ جماژ تہ کاژاہ امژ کرہِ تمن برونٹھ ہلاک محض امی موکھ کہ تمِ آسِ سانین پیغمبرن ٹھٹھہ کران تہ اپز زیری زانان یم نہ زانہہ تمن نشہ واپس ہیکن یتھ دُنیاہس گژھِتھ اندر رِ سے تمِ ذرا غور کرہ ہن ممکن اوس کہ تکذیب واستہزاءِ نشہِ روزہ ہن پتھ وَإِن كُلٌّ لَّمَّا جَمِيعٌ لَّدَيْنَا مُحْضَرُونَ چھُنہ تمو اندرہ کانہہ تہِ یُس نہ قیامتک دوہ سارنے لوکن سیت اَسہِ برونٹھ کنہِ حاضر کرنہ ییہِ۔ وَآيَةٌ لَّهُمُ الْأَرْضُ الْمَيْتَةُ أَحْيَيْنَاهَا وَأَخْرَجْنَا مِنْهَا حَبًّا فَمِنْهُ يَأْكُلُونَ بیہِ چھُو لوکن ہندِہ خاطرہ سانہِ قدرتک بوڈ نشانہ بیہِ توحیدچ بڈ دلیل۔ مردہ زمین یُس اسی زندہ چھُن کران رودہ سیت تو پتہ چھ اسی کڈان تمہ زمینہ منزہ غلہ تہ اناج۔ تمہِ منزہ چھ لوکھ کھیوان وَجَعَلْنَا فِيهَا جَنَّاتٍ مِّن نَّخِيلٍ وَأَعْنَابٍ وَفَجَّرْنَا فِيهَا مِنَ الْعُيُونِ بیہِ کراتھ زمینس منز اَسہِ خضر کلین ہند بیہ دچھ راثھن ہند باغ۔ تمنے منز کور جاری اَسہِ ناگہ راد تہ کولہ لِيَأْكُلُوا مِن ثَمَرِهِ یُتھ لکھ کھمن اناجک یاٹھ تمیُک میوہ تہِ وَمَا عَمِلَتْهُ أَيْدِيهِمْ أَفَلَا يَشْكُرُونَ تمِ چیز کرنہ پادہ تہند یو اَتھو اگرچہ بیول وو ہِ بیچ سگ دیُنچ کام کر تموِ مگر پھل تہ غلہ پیدا کرُن چھ اللہ تعالیٰ

الْاَزْوَاجَ كُلَّهَا مِمَّا تُنْۢبِتُ الْاَرْضُ وَمِنْ اَنْفُسِهِمْ وَمِمَّا لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿۳٦﴾
وَاٰيَةٌ لَّهُمُ الَّيْلُ ۚۖ نَسْلَخُ مِنْهُ النَّهَارَ فَاِذَا هُمْ مُّظْلِمُوْنَ ﴿۳۷﴾
وَالشَّمْسُ تَجْرِيْ لِمُسْتَقَرٍّ لَّهَا ؕ ذٰلِكَ تَقْدِيْرُ الْعَزِيْزِ الْعَلِيْمِ ﴿۳۸﴾ وَالْقَمَرَ
قَدَّرْنٰهُ مَنَازِلَ حَتّٰى عَادَ كَالْعُرْجُوْنِ الْقَدِيْمِ ﴿۳۹﴾ لَا الشَّمْسُ يَنْۢبَغِيْ
لَهَآ اَنْ تُدْرِكَ الْقَمَرَ وَلَا الَّيْلُ سَابِقُ النَّهَارِ ؕ وَكُلٌّ فِيْ فَلَكٍ

---

سنزے کام بیہ نہ کانسہِ ہنز۔ کیاہ یژھ قدرتچہ دلیلہ وُچھتھ تہِ کرن ناتمِ شکر گذاری ،تمیک گوڑہ نیک ہیرہ پوٗوچھ توحید سُبْحٰنَ الَّذِيْ خَلَقَ الْاَزْوَاجَ كُلَّهَا مِمَّا تُنْۢبِتُ الْاَرْضُ وَمِنْ اَنْفُسِهِمْ وَمِمَّا لَا يَعْلَمُوْنَ منزّہ تہ پاک چھہ سُہ ذاتِ پاک تمِ پیدہ کرِ پنہ قدرتہ سیت سارنے چیزن ہندے جورہ تہ مقابلہ تمو چیزو اندرہ یمن کھاران چھہ زمین نباتاتو اندرہ بیہ چھہ یہے کیفیت خود تمن ہندیو پنہ نیوذاتو اندرہ یعنی بشر و تہ انسانو اندرہ چھہ اڈِ موہنوی اَچہ زنانہ۔ بیہ تمو چیز زو اندرہ یمن ہنزنہ تمن خبرے چھہ کینہ۔ غرض کیاہ خدایاہ چھہ ساری مخلوق کرن پادہ اکھ اکِ سندے مقابل پانہ چھہ خالق یکتا مقابل تہ جورہ آسنہ نشہ منزّہ تہ پاک وَاٰيَةٌ لَّهُمُ الَّيْلُ نَسْلَخُ مِنْهُ النَّهَارَ فَاِذَا هُمْ مُّظْلِمُوْنَ بیاکھ نشانہ چھہ لوٗکن ہندِہ خاطرہ خدایہ سندِہ قدرتک ،راتک وقت۔ تاریکی اصل آسنہ موکھ چھہ آفتابک گاش تتھ پیٹھ اکھ مسلہ ہیو۔ تمی راژ پیٹھ یلہِ اَسِ والانِ چھہ دُہکہِ گاشُک سُہ مسلہ کہِ اتی چھہِ لوکھ واتان بیہ اَنہِ گٹی منز وَالشَّمْسُ تَجْرِيْ لِمُسْتَقَرٍّ لَّهَا ذٰلِكَ تَقْدِيْرُ الْعَزِيْزِ الْعَلِيْمِ بیاکھ نشانہ چھہ معبودِ برحق سنزِہ قدرتُک آفتاب۔ یُس پکان چھہ پننہِ مقرّرہ جایہِ پیٹھ۔ یہِ چھہ اندازہ کورمُت سیٹھاہ زبردست ،سیٹھاہ زانن والی خدائن وَالْقَمَرَ قَدَّرْنٰهُ مَنَازِلَ بیہ کراسہ زونہ ہندہ خاطرہ پڑاو مقرر۔ یم اٹھووہ چھہ حَتّٰى عَادَ كَالْعُرْجُوْنِ الْقَدِيْمِ تااینکہ پکان پکان چھہ سوہ بیہ گژھان ہو چھہ مژ پرانِ خضرچہ مورہش لَا الشَّمْسُ يَنْۢبَغِيْ لَهَآ اَنْ تُدْرِكَ الْقَمَرَ وَلَا الَّيْلُ سَابِقُ النَّهَارِ وَكُلٌّ فِيْ فَلَكٍ يَّسْبَحُوْنَ اسہ چھہ زونہ تہ آفتابچہ پکہ نک تیتھ اندازہ تھوومت، بیہ چھہ اسہ رات ودہکہ ینہ گژھہ نک سہ انتظام کورمت کہ نہ ہیکہ آفتاب زونہ رٹتھ کیاژہ سہ چھہ اکس

يَسْبَحُونَ ﴿٤٠﴾ وَآيَةٌ لَّهُمْ أَنَّا حَمَلْنَا ذُرِّيَّتَهُمْ فِي الْفُلْكِ الْمَشْحُونِ ﴿٤١﴾
وَخَلَقْنَا لَهُم مِّن مِّثْلِهِ مَا يَرْكَبُونَ ﴿٤٢﴾ وَإِن نَّشَأْ نُغْرِقْهُمْ فَلَا صَرِيخَ
لَهُمْ وَلَا هُمْ يُنقَذُونَ ﴿٤٣﴾ إِلَّا رَحْمَةً مِّنَّا وَمَتَاعًا إِلَىٰ حِينٍ ﴿٤٤﴾ وَإِذَا
قِيلَ لَهُمُ اتَّقُوا مَا بَيْنَ أَيْدِيكُمْ وَمَا خَلْفَكُمْ لَعَلَّكُمْ تُرْحَمُونَ ﴿٤٥﴾ وَمَا

---

آسمانس پیٹھ یہ چھہ بیس آسمانس پیٹھ۔ نہ ہیکہ راتھ برونٹھ گژھتھ دوہس پریتھ اکھاہ چھہ یمو اندرہ اکس اکس آسمانس منز ژھانٹھ وایان یعنی پکان۔ پریتھ اکھاہ چھہ پنہ نس پنہ نس دایرس منز حسابہ مُوجب تمہِ طریقہ پکان اگھ اَکسندس حسابس منز تہ انتظامس منز ہیکہ نہ کانہہ اکھ خلل ترٲوِتھ یعنی آفتاب ہیکہ نہ پانے پننہِ اختیارہ تمہ ساتہ طلوع کٔرتھ، پننہ روشنی سیت زمین روشن کٔرتھ۔ یمہِ ساتہ آفتاب آسہِ زمینس پننہِ روشنی سیت نورانی کران حدیثِ شریفس منز چھہ کہ آفتابُک مُستقر چھہ عرش مجیدس تل۔ یہِ چھہ غروبچہ وقتہ سجدہ دِوان تتھ منز حکم دریافت کران بیہ دہچہ طلوعک۔ اکہ دوہہ ییہ تس حکم کرنہ کہ طلوع مہ کر۔ واپس گژھ تیاری بپار آکھ۔ تمہ دوہہ کھسہ آفتاب مغربہ کہ طرفہ۔ سہ چھہ قیامتہ چو نشانیو اندرہ اکھ نشانہ وَآيَةٌ لَّهُمْ أَنَّا حَمَلْنَا ذُرِّيَّتَهُمْ فِي الْفُلْكِ الْمَشْحُونِ خدایہ سندہ قدرتک بیاکھ نشانہ چھہ لوکن ہندہ خاطر کہ اسہ تُلِ تہند آباءو اجداد تتھ ناوِہ منز یوسہ برتھ آس ضروریاتو سیت وَخَلَقْنَا لَهُم مِّن مِّثْلِهِ مَا يَرْكَبُونَ بیہ کراسہ پادہ تمن ہندہ خاطرہ تتھی ناوِہ ہشہِ بیہ ناوہ یمن منز تمِ سوار سپدان چھہ۔ بیہ تتھ ناوہ ہی بیہ تمِ چیز یمن پیٹھ تمِ سوار سپدتھ خشکی ہند سفر کران چھہ یعنی ووٹھ وغیرہ۔ چنانچہ عرب چھہ وٕنان وونٹس سفینۃ البر خشکی ہنز ناوٕ۔ اتھ منز چھہ شامل تمہ سوارِہ یمہ نوِہ ایجاد آیہِ کرنہ۔ ریل موٹر، ہوائی جہاز، راکٹ وغیرہ ہشہ وَإِن نَّشَأْ نُغْرِقْهُمْ فَلَا صَرِيخَ لَهُمْ وَلَا هُمْ يُنقَذُونَ ہرگاہ اس یژھ ہو تمِ پھاٹہ وہو کھ تمو ناوٕ وسان۔ پس آسہ نہ تہندہ خاطرہ تمو معبودانِ باطلو اندرہ تمن تمِ شریکِ خدا زانان چھہِ کانہہ فریادرس واتہ ڈناہ۔ نہ ین تمِ بچاونہ پھٹنہ کیو حادثاتو نشہ إِلَّا رَحْمَةً مِّنَّا وَمَتَاعًا إِلَىٰ حِينٍ مگر چھہ تمِ پنجھِ سانی مہربانی سیت بیہ چھہ تمِ تمتع تہ فایدہ تلہ ناون دُنیاچہِ زندگی ہند

تَاْتِيْهِمْ مِّنْ اٰيَةٍ مِّنْ اٰيٰتِ رَبِّهِمْ اِلَّا كَانُوْا عَنْهَا مُعْرِضِيْنَ ﴿٤٦﴾ وَاِذَا
قِيْلَ لَهُمْ اَنْفِقُوْا مِمَّا رَزَقَكُمُ اللّٰهُ ۙ قَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا
اَنُطْعِمُ مَنْ لَّوْ يَشَآءُ اللّٰهُ اَطْعَمَهٗٓ ۖ اِنْ اَنْتُمْ اِلَّا فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ ﴿٤٧﴾
وَيَقُوْلُوْنَ مَتٰى هٰذَا الْوَعْدُ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ﴿٤٨﴾ مَا يَنْظُرُوْنَ
اِلَّا صَيْحَةً وَّاحِدَةً تَاْخُذُهُمْ وَهُمْ يَخِصِّمُوْنَ ﴿٤٩﴾ فَلَا يَسْتَطِيْعُوْنَ

---

اُٿس مُعيّن وقت تائين وَاِذَا قِيْلَ لَهُمُ اتَّقُوْا مَا بَيْنَ اَيْدِيْكُمْ وَمَا خَلْفَكُمْ لَعَلَّكُمْ تُرْحَمُوْنَ يله تمن لوڪن توحيد ڇڏن دليلن سيت مضمونِ وعيد وننه يوان ڪه تهه کوڙ تهه عذابس ٻئس توهه برونٺ گنهِ ڇهه يعني ٻئس دُنياء س منز توهه کرنه ييهِ، غرق يا خسف هيو بيهِ تهه عذابس ٻئس توههِ مرنه پته يوه ون ڇهه يعني انڪارِ توحيد س پيٺه ٻئس عذاب توههِ پيٺه واقع سپدهون ڇهه تهه کوڙ تو ادهسه دُنياء س منزو آتِ تن يا آخرتس اندر تهه کوڙ تهه اَنِ تو ايمان ديوه توهه پيٺه ييه رحم کرنه وَمَا تَاْتِيْهِمْ مِّنْ اٰيَةٍ مِّنْ اٰيٰتِ رَبِّهِمْ اِلَّا كَانُوْا عَنْهَا مُعْرِضِيْنَ بيهِ ڇهنه واتان تمن نشهِ کانهه آياه تهند س پروردگاره سنديو آيا تو اندره مگر تم ڇهه تمه نشهِ بته پهران ته سر تابي کران۔ يته پاڅهِ بيم کره نگ ته کوڙه ناونک تمن پيٺه کانهه اثر ڇهنه سپدان تهِ پاٺه ڇهنه تمن ترغيبک ته کانهه اثر پيوان چنانچه وَاِذَا قِيْلَ لَهُمْ اَنْفِقُوْا مِمَّا رَزَقَكُمُ اللّٰهُ بيه يله وننه يوان ڇهه تمن الله تعالىٰ ان يمه نعمت توهه عطا کرِ مژه ڇهه، ٻئس مال توههِ ديتمت ڇهنوه تمه منزه کرو خرچ خدايه سنزِ هوته اندر قَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اَنُطْعِمُ مَنْ لَّوْ يَشَآءُ اللّٰهُ اَطْعَمَهٗٓ ونان ڇهِ تهه موقعس پيٺه کافر باايمانن کياه اَسِ کهياوو که تم لوکه يمن هرگاه الله تعالىٰ کهياون يژهِ هاته سه کهياوِ هيکهه اِنْ اَنْتُمْ اِلَّا فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ تهه ڇهوه نه مگر ننه گمراهي منز وَيَقُوْلُوْنَ مَتٰى هٰذَا الْوَعْدُ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ بيه ڇهه ونان کافر لوکه پيغمبر برحقس ته مسلمانن بطور انڪار که يه قيامتک وعده کر سپده پوره ڇهوے تهے پوزونان تيله کرو توهه بيان کرايه قيامت الله تعالىٰ ڇهه فرماوان که يم ٻئس يه کتهه بار بار پرڙهان ڇهه، زن تمن سخت انتظار ڇهو قيامتک مَا يَنْظُرُوْنَ اِلَّا صَيْحَةً وَّاحِدَةً تَاْخُذُهُمْ وَهُمْ يَخِصِّمُوْنَ تم لوکه ڇهنه انتظار کران ته

تَوْصِيَةً وَّلَآ اِلٰٓى اَهْلِهِمْ يَرْجِعُوْنَ ﴿٥٠﴾ وَنُفِخَ فِي الصُّوْرِ فَاِذَا هُمْ
مِّنَ الْاَجْدَاثِ اِلٰى رَبِّهِمْ يَنْسِلُوْنَ ﴿٥١﴾ قَالُوْا يٰوَيْلَنَا مَنْۢ بَعَثَنَا
مِنْ مَّرْقَدِنَا ۜ هٰذَا مَا وَعَدَ الرَّحْمٰنُ وَصَدَقَ الْمُرْسَلُوْنَ ﴿٥٢﴾
اِنْ كَانَتْ اِلَّا صَيْحَةً وَّاحِدَةً فَاِذَا هُمْ جَمِيْعٌ لَّدَيْنَا مُحْضَرُوْنَ ﴿٥٣﴾
فَالْيَوْمَ لَا تُظْلَمُ نَفْسٌ شَيْـًٔا وَّلَا تُجْزَوْنَ اِلَّا مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿٥٤﴾ اِنَّ
اَصْحٰبَ الْجَنَّةِ الْيَوْمَ فِيْ شُغُلٍ فٰكِهُوْنَ ﴿٥٥﴾ هُمْ وَاَزْوَاجُهُمْ فِيْ ظِلٰلٍ

---

پیاران مگر کنی سخت کریکہ یعنی نفخہ اولیٰ یوسہ تہن ہنگہ تہ منگہ رَٹِہ۔ تہِ آسن پانہ واَنِ تمہ وقتہ حسب معمول پنہ پنن معاملاتن اندر ہرہ ہرے کران تتھ آوازہ سیکتی گرھن تہِ ختم فَلَا يَسْتَطِيْعُوْنَ تَوْصِيَةً وَّلَآ اِلٰٓى اَهْلِهِمْ يَرْجِعُوْنَ پس ہیکن نہ تہِ تمہ ساتہ شرین باُژن ہندِہ خاطرہ کانہہ وصیتّاہ کرتھ۔ نہ ہیکن پنہ نِس عیالس کُن واپس پتھ۔ لُیس پتہ نُس آسہِ سٔہ مرِہ تِتّی تھے۔ بیہ گوہ گوڈہ نیک پھوکھ۔ یمہ سیت ساری مرن وَنُفِخَ فِي الصُّوْرِ فَاِذَا هُمْ مِّنَ الْاَجْدَاثِ اِلٰى رَبِّهِمْ يَنْسِلُوْنَ تو پتہ ییہ ژتجہہ وٗہر بیاکھ پھوکھ دِنہ یوغس منز۔ یمہِ سیت ساری ییہ دوبارہ زِندہ سپدن یانِ سٔہ پھوکھ ییہ دِنہ تام نیرن قبر و منزہ تو پتہ پکن پنہ نِس خدایس کُن دوران دوران۔ تو پتہ یلہِ یتہ ہولناک تہ ہیبت ناک حالات وچھن قَالُوْا يٰوَيْلَنَا مَنْۢ بَعَثَنَا مِنْ مَّرْقَدِنَا هٰذَا مَا وَعَدَ الرَّحْمٰنُ وَصَدَقَ الْمُرْسَلُوْنَ حیران سپدِتھ ونن اکھ اکِس ہائے افسوس اَس کمی سَنا تُلِ نندرہِ ہنزہِ جایہِ نِشہِ یعنی قبر و منزہ۔ ملایک ونہ نکھ۔ یہے چھہ سو قیامت یمیک وعدہ حضرتِ رحمٰن اوس فرماوان پوز آس فرماوان پیغمبر مگر تُہہ آسوہ نہ مانان۔ اللہ تعالیٰ چھہ فرماوان اِنْ كَانَتْ اِلَّا صَيْحَةً وَّاحِدَةً فَاِذَا هُمْ جَمِيْعٌ لَّدَيْنَا مُحْضَرُوْنَ بہر حال سٔہ نفخہ ثانیہ یعنے دوٚیُم پھوکھ آسہِ کُنی سخت کریکھاہ یانِ سو سپدِہ تانِ ہِن تہِ ساری جمع سپدِتھ اَسہِ برونٹھ کُن حاضر کرنہ فَالْيَوْمَ لَا تُظْلَمُ نَفْسٌ شَيْـًٔا وَّلَا تُجْزَوْنَ اِلَّا مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ پس تمہِ دوہہ یعنی قیامتک دوہ ییہ نہ کانسہِ شخص کُنہِ قسمہ ظلم کرنہ ییہ ایوہ نہ تُوہہِ جزاتہ بدلہ دِنہ مگر تمے کامَن ہُندیمہ تُہہ دُنیاۓ ہس منز کران آسو۔ بیہ گوونارہ کین لوکن ہُند

عَلَى الْأَرَآئِكِ مُتَّكِـُٔوْنَ ﴿٥٦﴾ لَهُمْ فِيْهَا فَاكِهَةٌ وَّلَهُمْ مَّا يَدَّعُوْنَ ﴿٥٧﴾
سَلٰمٌ قف قَوْلًا مِّنْ رَّبٍّ رَّحِيْمٍ ﴿٥٨﴾ وَامْتَازُوا الْيَوْمَ اَيُّهَا الْمُجْرِمُوْنَ ﴿٥٩﴾
اَلَمْ اَعْهَدْ اِلَيْكُمْ يٰبَنِيْۤ اٰدَمَ اَنْ لَّا تَعْبُدُوا الشَّيْطٰنَ ۚ اِنَّهٗ لَكُمْ عَدُوٌّ
مُّبِيْنٌ ﴿٦٠﴾ وَّاَنِ اعْبُدُوْنِيْ ؕ هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ ﴿٦١﴾ وَلَقَدْ اَضَلَّ
مِنْكُمْ جِبِلًّا كَثِيْرًا ؕ اَفَلَمْ تَكُوْنُوْا تَعْقِلُوْنَ ﴿٦٢﴾ هٰذِهٖ جَهَنَّمُ الَّتِيْ
كُنْتُمْ تُوْعَدُوْنَ ﴿٦٣﴾ اِصْلَوْهَا الْيَوْمَ بِمَا كُنْتُمْ تَكْفُرُوْنَ ﴿٦٤﴾ اَلْيَوْمَ

---

حال اِنَّ اَصْحٰبَ الْجَنَّةِ الْيَوْمَ فِيْ شُغُلٍ فٰكِهُوْنَ بي شڪ جنتي اڄ تمام دوهه وارين شغلن سيت خوش دل هُمْ وَاَزْوَاجُهُمْ فِيْ ظِلٰلٍ عَلَى الْاَرَآئِكِ مُتَّكِـُٔوْنَ تمام ٿهنڊه ۽ زنانه اڄ ساين تل. مزمن ته ۽ آرايش ڪرنه آمتين پلنگن پيٺه تڪيه ڏِته هُنته لَهُمْ فِيْهَا فَاكِهَةٌ وَّلَهُمْ مَّا يَدَّعُوْنَ ٿهنڊه خاطره آسن تمن جنتن منز ڪم ڪم ميوه ۽ آسه ٿهنڊه خاطره ته سورُے ڪيڇ تم خواهش ته رغبت ڪرن سَلٰمٌ قَوْلًا مِّنْ رَّبٍّ رَّحِيْمٍ ۽ بوزن تم سلام رحمته وارس پروردگاره سنده طرفه. پانه فرماوه تمن سلام رحمته وول پروردگار تمن لفظن اندر السلام عليكم يا اهل الجنة وَامْتَازُوا الْيَوْمَ اَيُّهَا الْمُجْرِمُوْنَ حڪم سپده موقفس منز اصحاب نارن سه جدا روز وازباايمانن نشه اي ڪافرو ڪفر و شرڪ جرم ڪره وينوه لوڪو. ڪيازه باايمان ين سوزنه جنتس ڪن. تهه ايو سوزنه نار جهنمس ڪن. تمي وقته ييه تمن بطور زجر و ملامت ونه اَلَمْ اَعْهَدْ اِلَيْكُمْ يٰبَنِيْۤ اٰدَمَ اَنْ لَّا تَعْبُدُوا الشَّيْطٰنَ اِنَّهٗ لَكُمْ عَدُوٌّ مُّبِيْنٌ اي بني آدمو ڪياه ميه آسوه نا تهه عهده ڪره ناوت. ۽ اوس ناميه تاڪيدي حڪم ڪورمت ڪه يُتهنه تهه پرستش ته عبادت ڪريو شيطانه سنز ڪيازه سُه ڇهه تهند نون دُشمن وَّاَنِ اعْبُدُوْنِيْ هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ ۽ آسوه نا عهده ڪره ناوت ڪه عبادت ڪري زه مياني ياڙ تهوي ڇهوه سيز وَته وَلَقَدْ اَضَلَّ مِنْكُمْ جِبِلًّا كَثِيْرًا اَفَلَمْ تَكُوْنُوْا تَعْقِلُوْنَ بي شڪ تمام ڏال تهه اندره واريا لوکھ. ڪياه تهه آسوه نا ڇھن ته زانان ڪه اگر آس اَمس شيطانه سنده گمراه ڪرنه سيت ڏلو ته گمراه سپدو آس ته عذابس مستحق هٰذِهٖ جَهَنَّمُ الَّتِيْ كُنْتُمْ تُوْعَدُوْنَ يکيا گوسه جهنم يميڪ تهه وعده

نَخْتِمُ عَلٰٓى اَفْوَاهِهِمْ وَتُكَلِّمُنَآ اَيْدِيْهِمْ وَتَشْهَدُ اَرْجُلُهُمْ بِمَا كَانُوْا
يَكْسِبُوْنَ ﴿٦٥﴾ وَلَوْ نَشَآءُ لَطَمَسْنَا عَلٰٓى اَعْيُنِهِمْ فَاسْتَبَقُوا الصِّرَاطَ فَاَنّٰى
يُبْصِرُوْنَ ﴿٦٦﴾ وَلَوْ نَشَآءُ لَمَسَخْنٰهُمْ عَلٰى مَكَانَتِهِمْ فَمَا اسْتَطَاعُوْا
مُضِيًّا وَّلَا يَرْجِعُوْنَ ﴿٦٧﴾ وَمَنْ نُّعَمِّرْهُ نُنَكِّسْهُ فِى الْخَلْقِ ۭ اَفَلَا
يَعْقِلُوْنَ ﴿٦٨﴾ وَمَا عَلَّمْنٰهُ الشِّعْرَ وَمَا يَنْۢبَغِيْ لَهٗ ۭ اِنْ هُوَ اِلَّا ذِكْرٌ وَّقُرْاٰنٌ
مُّبِيْنٌ ﴿٦٩﴾ لِّيُنْذِرَ مَنْ كَانَ حَيًّا وَّيَحِقَّ الْقَوْلُ عَلَى الْكٰفِرِيْنَ ﴿٧٠﴾

---

يوان اوس ڪرڻ. اِصْلَوْهَا الْيَوْمَ بِمَا كُنْتُمْ تَكْفُرُوْنَ اڄ وڃو ان جهنم ۾ اندر جيئن توهان انڪار ڪندا هئا. اَلْيَوْمَ نَخْتِمُ عَلٰٓى اَفْوَاهِهِمْ وَتُكَلِّمُنَآ اَيْدِيْهِمْ وَتَشْهَدُ اَرْجُلُهُمْ بِمَا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ تمام ڏوهه ڪرڻ وارا مهر ڏيندا جن جا ٽنگون ٻيٺو تہ پتہ ڪرڻ ڪيئن اُن جي سيت ٿيندا آهه. ان ڏينهن گواهي ڏيندا ته ڪهڙا ڪم سارا ڪاميون هن يو هن ڪران اُس دنيا ۾ اندر. ان عذاب سيدھ ان آخرت ۾ اندر. وَلَوْ نَشَآءُ لَطَمَسْنَا عَلٰٓى اَعْيُنِهِمْ فَاسْتَبَقُوا الصِّرَاطَ فَاَنّٰى يُبْصِرُوْنَ هر گاهه اسان چاهيون ها دنيا ۾ انهن کي ان ڪفر جي سزا. گاشه رستو ڪرڻ ته اُڇ تهنزه. اُڇي ٿاوه هو ڪه نه ڪنهه. تو پته انهن تم وتہ ڳن پڇن ته دورن. سوڪته سنالي هيڪه وڃ بوزنه. اڇو ورائي يا انهن هنده گاشه ورائي. وَلَوْ نَشَآءُ لَمَسَخْنٰهُمْ عَلٰى مَكَانَتِهِمْ فَمَا اسْتَطَاعُوْا مُضِيًّا وَّلَا يَرْجِعُوْنَ امه خوته زياده ان هر گاهه اسين چاهيون ها ڪفر جي سزا ۾ انهن جي مسخ صورت ڪرڻ ضرور هيڪه هو ڪه مسخ صورت ڪري ته. يته ان آن تي ان گرٿن روزته. پس هيڪه ان نه برونٺ پڪڙي نه پوت ڦير ته. مسخ صور تس سيت سيده هئڪه ڙو ڪور. اڳي جايه گرڌه ان روز ته. يه گرڌه نه ڪنهه عجايب زاٿن ڪيازه اڄ اڪه نظير ڇه موجود وَمَنْ نُّعَمِّرْهُ نُنَكِّسْهُ فِى الْخَلْقِ اَفَلَا يَعْقِلُوْنَ ان يس شخص اسِ زياده عمر ڇهه دوان تسِ ڇهه اسي صور تس منز تبديل ڪران. ڪياه يه حالت وڇهت ته ڇهنا انهن فڪره تران وَمَا عَلَّمْنٰهُ الشِّعْرَ وَمَا يَنْۢبَغِيْ لَهٗ اِنْ هُوَ اِلَّا ذِكْرٌ وَّقُرْاٰنٌ مُّبِيْنٌ تم ڪافر، يم نبوّتس انڪار ڪرنه خاطر حضرت محمد س صلی اللہ علیہ وسلم شاعرونان ڇهه يه تهندونن ڇهه محض باطل، ڪيازه اسه ڇهنا ونه حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم

اَوَلَمْ يَرَوْا اَنَّا خَلَقْنَا لَهُمْ مِّمَّا عَمِلَتْ اَيْدِيْنَآ اَنْعَامًا فَهُمْ لَهَا مٰلِكُوْنَ ﴿٧١﴾
وَذَلَّلْنٰهَا لَهُمْ فَمِنْهَا رَكُوْبُهُمْ وَمِنْهَا يَاْكُلُوْنَ ﴿٧٢﴾ وَلَهُمْ فِيْهَا مَنَافِعُ
وَمَشَارِبُ ۭ اَفَلَا يَشْكُرُوْنَ ﴿٧٣﴾ وَاتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ اٰلِهَةً لَّعَلَّهُمْ
يُنْصَرُوْنَ ﴿٧٤﴾ لَا يَسْتَطِيْعُوْنَ نَصْرَهُمْ ۙ وَهُمْ لَهُمْ جُنْدٌ مُّحْضَرُوْنَ ﴿٧٥﴾ فَلَا

---

بأتھ وَنُنِ۔ نہ چھُہ تہندِس شانَس سزاوار کیازِ تمِ چھِ اعلیٰ درجُکِ محقق۔ مضامین شعر یُک بنا چھُہ محض تخیلاتن پیٹھ آسان۔ یمن دون کتھن منز چھُہ کافی تنافی تہٕ تناقض یہِ تمِ بیان کران چھِ تہٕ چھُنہ مگر نصیحتک کلام۔ بیہ احکام الٰہی ننہ راوہ ؤن قرآن مجید لِّيُنْذِرَ مَنْ كَانَ حَيًّا وَّيَحِقَّ الْقَوْلُ عَلَى الْكٰفِرِيْنَ یُتھ تمِ بیم گرن تس شخص یمِ سُند دِل زندہ آسہ۔ بیہ یُتھ کافرن پیٹھ عذاب نچ حجت قائم سپدِ ہ۔ تمن بیہ وَننہ باوجودِ ایں کہ تِہی بوزِ وسانِ احکام مگر بوز تھ کُرِ وانکار اَوَلَمْ يَرَوْا اَنَّا خَلَقْنَا لَهُمْ مِّمَّا عَمِلَتْ اَيْدِيْنَآ اَنْعَامًا فَهُمْ لَهَا مٰلِكُوْنَ کیاہ تمو مشرِک لُوکو کُر نا یَتھ کُن نظر کہ اَسہِ کور تہندِ ہ فایدہ تہٕ نفعہ خاطرہ پننہ نیو اَتھو سیت بناوے متو چیزٕ وَاندرہ چاروائے پادہ۔ چنانچہ سانِ مالِک بناونہ سیت بنائے تمِ تمن چاروائن ہند مالک وَذَلَّلْنٰهَا لَهُمْ فَمِنْهَا رَكُوْبُهُمْ وَمِنْهَا يَاْكُلُوْنَ بیہ کُر اَسہِ تمِ چارو آسے رام تہٕ مسخر تہندِ ہ خیطرہ۔ پس چھِ تمو اَندرہ اڈِین پیٹھ سوار سپدان بیہ چھِ تمو اَندرہ اڈِین تمِ کھیوان وَلَهُمْ فِيْهَا مَنَافِعُ وَمَشَارِبُ اَفَلَا يَشْكُرُوْنَ بیہ چھِ تہندِ ہ خاطرہ تمن چاروائن منز واریاہ فایدہ بیہ دود چنہ چِہ جاپہٕ۔ کیاہ اتھ پیٹھ تہٕ کرن نا تمِ شکر گذاری سانِ یتھ منز ساروے چیزٕ وَاندرہ اہم ترا اقدام اوس توحید قبول کرُن۔ مگر تمو کور شکرہ تہٕ توحیدہ چہ جاپہٕ کُفر تہٕ شرک اختیار وَاتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ اٰلِهَةً لَّعَلَّهُمْ يُنْصَرُوْنَ یمہ یمہ مہربانیہ عطا کُرِ تھ ٹھہراو تمو معبودِ برحقس ورائے اپز معبود۔ یتھ وو میز پیٹھ کہ دیوہ تمن معبودانِ باطلن ہندِ ہ طرفہ واتہٕ کانہہ مدداہ لَا يَسْتَطِيْعُوْنَ نَصْرَهُمْ مگر تمِ ہیکن نہ تمن کُنہِ قسمہ مدد کُرِ تھ۔ مدد کرہ نچ کیاہ کتھ چھِہ وَهُمْ لَهُمْ جُنْدٌ مُّحْضَرُوْنَ حالانکہ تمِ تہٕ ین تُہند فوج بنتھ یکہِ وَٹہِ جبراً حاضر کرنہ۔ تو پتہ کرن تہنزِ سے مخالفت تمن خلاف دِن بیان دِپنکھ تہٕ آسونہ اَسہِ عبادت کران۔ وونِ یلہِ تمِ لوکھ تمن

يَحْزُنْكَ قَوْلُهُمْ ۘ إِنَّا نَعْلَمُ مَا يُسِرُّونَ وَمَا يُعْلِنُونَ ﴿٧٦﴾ أَوَلَمْ يَرَ الْإِنسَانُ
أَنَّا خَلَقْنَاهُ مِن نُّطْفَةٍ فَإِذَا هُوَ خَصِيمٌ مُّبِينٌ ﴿٧٧﴾ وَضَرَبَ لَنَا مَثَلًا وَ
نَسِيَ خَلْقَهُ ۖ قَالَ مَن يُحْيِي الْعِظَامَ وَهِيَ رَمِيمٌ ﴿٧٨﴾ قُلْ يُحْيِيهَا الَّذِي
أَنشَأَهَا أَوَّلَ مَرَّةٍ ۖ وَهُوَ بِكُلِّ خَلْقٍ عَلِيمٌ ﴿٧٩﴾ الَّذِي جَعَلَ لَكُم مِّنَ

---

واضح تہٕ صاف امورَن خلاف کران چھہٕ فَلَا يَحْزُنْكَ قَوْلُهُمْ إِنَّا نَعْلَمُ مَا يُسِرُّونَ وَمَا يُعْلِنُونَ پس مہٕ حض کرِن غمگین توہہ یارسول اللہ تہنزہ کتھ توحید ورسالتس متعلق۔ کیازِ آزردگی چھہ سپدان اُمیز ہنزہ جایہٕ۔ وومیز ہنزِ جایہٕ چھہ آسان سہ مخاطِب یُس عقل وانصاف آسہٕ۔ یم لُوکھ چھہٕ غبی۔ لہذا اچھنہ تِمن عقلے۔ بیہ چھہ تِمن لُوکن غبار لہذا معاندس نشہٕ انصافُک توقع تھاوُن چھہ غلط۔ لہذا اچھنہ تِم محل امیدے۔ تتھ کُن نظر کٔرتھ چھُنہ غم کھیٚنگ تہٕ کانہہ موقے۔ بے شک اَس چھہٕ زانان تہٕ سورُے یہ تِم کھٹتھ کران چھہٕ دلَن اندر۔ بیہ یہ ظاہر کران چھہٕ تِم زیٚو سیت۔ وقت واتِن تِمن بیہ تِمہٕ ساتہٕ پوٗر سزادِنہ أَوَلَمْ يَرَ الْإِنسَانُ أَنَّا خَلَقْنَاهُ مِن نُّطْفَةٍ فَإِذَا هُوَ خَصِيمٌ مُّبِينٌ بیہ وُچھنا اَمِ انسانن یُس مَرنہ پتہٕ بیہ پیدہ سپدنس انکار چھہ کران کہٕ اَسہٕ کورسہٕ پادہ اَکس حقیر آبہ قطرس۔ لازِم اوس تِس انسانس پننِ یہ اِبتدائی حالت ژینس پاوِتھ انہِ ہاسہٕ زیر نظر پننِ حقارت تہٕ پنہ نِس خالقہ سنز عظمت تو پتہٕ کرِہاسہٕ جرأت اِنکار کرُہ نُک۔ نہ کرِہا گستاخی اتھ پیٹھ اعتراض کرِہ نُک۔ شرمندہ گی سیت گلہِ ہا اَندر اَندری بیہ کرِہاپانے پنہ نِس اَتھ حالس پیٹھ نظر کٔرِتھ مرنہ پتہٕ زندہ سپدنس اِقرار تہٕ پرٛتھ۔ تہٕ کورُن نہ بلکہ لوگ نٔتِن پاٹھ اعتراض کرنہٕ۔ بلکہ کورُن اَسہٕ سیت مقابلہ کٔرِتھ قیاسُس انکار وَضَرَبَ لَنَا مَثَلًا وَنَسِيَ خَلْقَهُ قَالَ مَن يُحْيِي الْعِظَامَ وَهِيَ رَمِيمٌ بیہ لگ بیان کرنہٕ سانِس شانس منز عجیب عجیب مثالہ یمہٕ سیت انکار قدرت چھہ لازم یوان۔ پننِ اصلیت گٔیس مشدے۔ یاد رُودس نہ۔ حقیر قطرہ آسِتھ بنوو اَسہٕ انسان۔ یوسے چھہ دپان، کوہ ہیکہٕ زندہ کٔرِتھ دوودرے مژہ اَڈِے جہٕ قُلْ يُحْيِيهَا الَّذِي أَنشَأَهَا أَوَّلَ مَرَّةٍ وَهُوَ بِكُلِّ خَلْقٍ عَلِيمٌ تہٕ فرمایوس یارسول اللہ تِمن دوودرے مژن اَڈجن کرِہ زندہ سُی ذاتِ پاک۔ یُمِ یم پادہ کرِہ گوڈنچہ لٹہٕ

الشَّجَرِ الْاَخْضَرِ نَارًا فَاِذَآ اَنْتُمْ مِّنْهُ تُوْقِدُوْنَ ﴿۸۰﴾ اَوَلَيْسَ الَّذِيْ
خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِقٰدِرٍ عَلٰٓى اَنْ يَّخْلُقَ مِثْلَهُمْ ؕ بَلٰى ق وَهُوَ
الْخَلّٰقُ الْعَلِيْمُ ﴿۸۱﴾ اِنَّمَآ اَمْرُهٗٓ اِذَآ اَرَادَ شَيْـًٔا اَنْ يَّقُوْلَ لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ ﴿۸۲﴾
فَسُبْحٰنَ الَّذِيْ بِيَدِهٖ مَلَكُوْتُ كُلِّ شَيْءٍ وَّاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ ﴿۸۳﴾ ع

---

يلهِ نه ٻيءِ ڪنهي اوس يلهِ ٻيءِ حياتہ نشهِ سيٽهاه ڏوراوس۔ وونِ ڇهه ام اکه لٽهِ حيات وزندگی قبول کورمت۔ وون پاده ڪرن کياه عجائب ڇهه۔ سُه ڇهه پرِيتھ طريقہ پاده ڪرن پورزانان۔ ابتداء تہ۔ دوباره تہ۔ لتس نشهِ ڇهنه ڪنهي مشکل اِلَّذِيْ جَعَلَ لَكُمْ مِّنَ الشَّجَرِ الْاَخْضَرِ نَارًا فَاِذَآ اَنْتُمْ مِّنْهُ تُوْقِدُوْنَ سُه گووسےُ قدرتہ وول يُس ٿُهنده خاطره سبزا سبز ڪُلهِ منزه نار ڇهه پاده ڪران۔ اده ڇهوه ٿُهه تمهِ سيت ژُکه ڍِوان تہ ہُرهِ هيوان۔ چناچهِ کليو منزه ڇهه بعضے کُلِ ٿمنِ هنزه اکه ٻُهِ ستےٻيس ٻُهِ گگهر دتهِ نار ڇهه نيران۔ اَوَلَيْسَ الَّذِيْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِقٰدِرٍ عَلٰٓى اَنْ يَّخْلُقَ مِثْلَهُمْ كياه سُه ذاتِ پاک ٿمِ آسمان تہ زمين ٿمِ بڈ مخلوقات پاده ڪُر ڇهُنا قدرتہ وول سُه کياه کره اِنسانس هِوس لوکٹس مخلوقس دوباره بيهِ پاده بَلٰى وَهُوَ الْخَلّٰقُ الْعَلِيْمُ البتہ سُه ڇهو بوڈ پاده کرهِ ون پاده کُرن پورزانان اِنَّمَآ اَمْرُهٗٓ اِذَآ اَرَادَ شَيْـًٔا اَنْ يَّقُوْلَ لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ ٿُهنز قدرت ڇهِ ترشهے کہ يلهِ سُه اراده ڇهه کران کُنهِ چيزکهِ پاده کره نک۔ سُه ڇهه دپان تھ چيزس سپد پاده۔ اتی ڇهه سُه چيز پاده سپدان۔ لتس لشهِ کوسہ کتھ ڇهه ونِ مشکل فَسُبْحٰنَ الَّذِيْ بِيَدِهٖ مَلَكُوْتُ كُلِّ شَيْءٍ وَّاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ اژهو کٹهو سيت سپُد ثابت کہ سُه معبود ڇهو منزّه تہ پاک ٿمِ سندِس اَٿهس منز سارنے چيزن هُند اختيار ڇهه۔ سُه ڇهُتہ کُنهِ چيزس اندرکُنهِ قسمہ عاجز۔ ٿُهه ساری ٻيو تس کُن پتو لاکہ قيامتک دوه واتناونہ۔






بِسۡمِ اللّٰهِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِيۡمِ ○
وَالصّٰٓفّٰتِ صَفًّا ۙ﴿۱﴾ فَالزّٰجِرٰتِ زَجۡرًا ۙ﴿۲﴾ فَالتّٰلِيٰتِ ذِكۡرًا ۙ﴿۳﴾
اِنَّ اِلٰهَكُمۡ لَوَاحِدٌ ؕ﴿۴﴾ رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ وَمَا بَيۡنَهُمَا وَرَبُّ
الۡمَشَارِقِ ؕ﴿۵﴾ اِنَّا زَيَّنَّا السَّمَآءَ الدُّنۡيَا بِزِيۡنَةِ ۨالۡكَوَاكِبِ ۙ﴿۶﴾ وَحِفۡظًا
مِّنۡ كُلِّ شَيۡطٰنٍ مَّارِدٍ ۚ﴿۷﴾ لَا يَسَّمَّعُوۡنَ اِلَى الۡمَلَاِ الۡاَعۡلٰى وَيُقۡذَفُوۡنَ
مِنۡ كُلِّ جَانِبٍ ۖ﴿۸﴾ دُحُوۡرًا وَّلَهُمۡ عَذَابٌ وَّاصِبٌ ۙ﴿۹﴾ اِلَّا مَنۡ خَطِفَ

---

وَالصّٰٓفّٰتِ صَفًّا قسم چھِ تِمن ملایکن ہُند ییم عبادت کربھِ وقتہ یا احکامِ اِلٰہی بوزنھِ وقتہ صَف دی دی چھِ ایستادہ روزان فَالزّٰجِرٰتِ زَجۡرًا بیہ چھُہ قسم تِمن ملایکن ہُند ییم زوتہ وَنین تارکن ہندہِ ذریعہ آسمانی خبرہ انہ وَنین شیطانن گرزنہ تہ لار کران چھِ فَالتّٰلِيٰتِ ذِكۡرًا بییہ چھُہ قسم تِمن ملایکن ہند ییم یادِ خدا تسبیح و تقدیس پَران چھِ۔ ییم ترییہ قسم چھُس بہ ہاوان یتھ کتھ پیٹھ کہِ اِنَّ اِلٰهَكُمۡ لَوَاحِدٌ بے شک تُہند معبود چھُہ اکوے رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ وَمَا بَيۡنَهُمَا وَرَبُّ الۡمَشَارِقِ یہ دلیل چھُہ یہے کہ سُہ چھُہ پروردگار آسمانن تہ زمین ہُند۔ بییہ تمہِ سارِنۍ یہ آسمانن تہ زمین درمیان چھُہ۔ بییہ چھُہ سُے پروردگار تِمن سارِنے جایَن ہُند یمن جایَن سارۍ ستارہ طلوع کران چھِ اِنَّا زَيَّنَّا السَّمَآءَ الدُّنۡيَا بِزِيۡنَةِ ۨالۡكَوَاكِبِ یژ پاٹھ اَسہِ دُیت زینت تہ اَسی کر آرائش نکھہ آسمانس ستارن ہندہ سیت وَحِفۡظًا مِّنۡ كُلِّ شَيۡطٰنٍ مَّارِدٍ بییہ کُرِ حفاظت تہ رٹچھے یمو ستارو سیت آسمانی خبرن پیٹھ سرکش تہ شریر شیطانس نشہِ لَا يَسَّمَّعُوۡنَ اِلَى الۡمَلَاِ الۡاَعۡلٰى وَيُقۡذَفُوۡنَ مِنۡ كُلِّ جَانِبٍ * دُحُوۡرًا چنانچہ تِمی موکھ چھِنہ تِم شیطان ہیکان نہ کَن دِتھ ملاء اعلیٰ اَس یعنی ملایکن ہنزِن مجلسن۔ بلکہِ چھِ بَرِ تھ یوان دِنہ تِم پیٹھ طرفہ۔ دَکہ دی دی چھِ تِم

الْخَطْفَةَ فَاَتْبَعَهٗ شِهَابٌ ثَاقِبٌ ﴿۱۰﴾ فَاسْتَفْتِهِمْ اَهُمْ اَشَدُّ خَلْقًا اَمْ
مَّنْ خَلَقْنَا ؕ اِنَّا خَلَقْنٰهُمْ مِّنْ طِیْنٍ لَّازِبٍ ﴿۱۱﴾ بَلْ عَجِبْتَ وَیَسْخَرُوْنَ ﴿۱۲﴾
وَاِذَا ذُكِّرُوْا لَا یَذْكُرُوْنَ ﴿۱۳﴾ وَاِذَا رَاَوْا اٰیَةً یَّسْتَسْخِرُوْنَ ﴿۱۴﴾ وَقَالُوْۤا اِنْ
هٰذَاۤ اِلَّا سِحْرٌ مُّبِیْنٌ ﴿۱۵﴾ ءَاِذَا مِتْنَا وَكُنَّا تُرَابًا وَّعِظَامًا ءَاِنَّا لَمَبْعُوْثُوْنَ ﴿۱۶﴾

---

دوریوان کرنہ۔ یہ گوو تِمن دُنیاہس اندر سزا وَّلَهُمْ عَذَابٌ وَّاصِبٌ بیہ چھہ تِہندِہ خاطرہ آخرِ تَس اندر ہمیشہ گی ہُند عذاب نار جہنمس اَندر اِلَّا مَنْ خَطِفَ الْخَطْفَةَ فَاَتْبَعَهٗ شِهَابٌ ثَاقِبٌ مگرے کانہہ شیطاناہ تھپہِ تھوسہ کانہہ خبراہ ہیتھ ژلان چھہ۔ تَس چھہ پتے لاران اکھ نارہ ریہاہ اکھ زوتہ ونِ تہ پرزلہ ونِ۔ سوے چھہ تَس گالان فَاسْتَفْتِهِمْ اَهُمْ اَشَدُّ خَلْقًا اَمْ مَّنْ خَلَقْنَا تِہے پرِ ژھتو تِمن مُنکرن یارسول اللہ یم انکار چھِہ کران قیامژس تہ مرنہ پتہ بیہِ زندہ سپدنس، تِم لاجواب گرِہکہِ طریقہ کہ کیاہ تِم پادہ کرن چھا سخت کِنہ تِم مخلوق یم اَسہِ پادہ کٔر، یمن ہنز ذِکر گرنہ آیہ اِنَّا خَلَقْنٰهُمْ مِّنْ طِیْنٍ لَّازِبٍ تِم لوکھ چھِہ اَسہِ پادہ کٔر مۆتِ لآرِ تھ گژھہ ونہِ تہ پشاجہ میژہ۔ یتھ نہ کانہہ قوتھاہ تہ طاقتھاہ چھہ یُس یلہِ اَسہِ طاقت تہ قدرت چھہ ابتداءً قوی تہ سخت مخلوقات پادہ کرہ نس پیٹھ، ضعیف تہ سُست مخلوقات بیہِ دوبارہ پادہ کرنِ کیاہ مشکل چھہ اَسہِ نِشہِ۔ مگر باوجود یِژھہ واضح دلیلہ بیان کرتھ تہ چھنہ یم لوکھ مرنہ پتہ بیہِ زندہ سپدنس پژھ گران بَلْ عَجِبْتَ وَیَسْخَرُوْنَ تُہہ چھِوہ بلکہِ یِہندِس حالس پیٹھ تعجب کران کہ یمن کونہ

چھہ یہِ صاف کتھ فِکرِہ ترَان۔ تِم چھِہ اِنکار کرِہکہِ علاوہ تہزن کتھن پیٹھ تمسخر تہ ٹھٹھہ کران وَاِذَا ذُكِّرُوْا لَا یَذْكُرُوْنَ یلہِ تِمن فِکرہ یِوان چھہ تارنہ، فہمایش تہ نصیحت چھہ یِوان کرنہ تِمن چھُنہ کُنہ قسمہ فِکرِہ ترَان وَاِذَا رَاَوْا اٰیَةً یَّسْتَسْخِرُوْنَ بیہ یلہِ وچھان چھِہ تِم کانہہ مُعجزاہ یُس تِمن ثبوتِ نبوتہ خاطرہ ہاونہ یِوان چھہ تتھ چھِہ ٹھٹھہ تہ تمسخر گران وَقَالُوْۤا اِنْ هٰذَاۤ اِلَّا سِحْرٌ مُّبِیْنٌ بیہ چھِہ دپان یہِ معجزہ چھہ صاف جود تہ سحر ءَاِذَا مِتْنَا وَكُنَّا تُرَابًا وَّعِظَامًا ءَاِنَّا لَمَبْعُوْثُوْنَ کیاہ سانیلہِ اَسے مَروتہ میژ گژھو اڈِجے یاژہ روزو توپتہ یمواَس دوبارہ زندہ کٔرِتھ تھودتُلنہ اَوَاٰبَآؤُنَا الْاَوَّلُوْنَ کیاہ سانِ برونٹھم مالِ ہُڈ ہَب تہ ینہِ

أَوَآبَاؤُنَا الْأَوَّلُونَ ﴿١٧﴾ قُلْ نَعَمْ وَأَنْتُمْ دَاخِرُونَ ﴿١٨﴾ فَإِنَّمَا هِيَ زَجْرَةٌ
وَاحِدَةٌ فَإِذَا هُمْ يَنْظُرُونَ ﴿١٩﴾ وَقَالُوا يَا وَيْلَنَا هَٰذَا يَوْمُ الدِّينِ ﴿٢٠﴾ هَٰذَا
يَوْمُ الْفَصْلِ الَّذِي كُنْتُمْ بِهِ تُكَذِّبُونَ ﴿٢١﴾ احْشُرُوا الَّذِينَ ظَلَمُوا
وَأَزْوَاجَهُمْ وَمَا كَانُوا يَعْبُدُونَ ﴿٢٢﴾ مِنْ دُونِ اللَّهِ فَاهْدُوهُمْ إِلَىٰ
صِرَاطِ الْجَحِيمِ ﴿٢٣﴾ وَقِفُوهُمْ إِنَّهُمْ مَسْئُولُونَ ﴿٢٤﴾ مَا لَكُمْ لَا تَنَاصَرُونَ ﴿٢٥﴾ بَلْ
هُمُ الْيَوْمَ مُسْتَسْلِمُونَ ﴿٢٦﴾ وَأَقْبَلَ بَعْضُهُمْ عَلَىٰ بَعْضٍ يَتَسَاءَلُونَ ﴿٢٧﴾
قَالُوا إِنَّكُمْ كُنْتُمْ تَأْتُونَنَا عَنِ الْيَمِينِ ﴿٢٨﴾ قَالُوا بَلْ لَمْ تَكُونُوا مُؤْمِنِينَ ﴿٢٩﴾

---

ٻيهر زنده ڪرڻ. قُلْ نَعَمْ وَأَنْتُمْ دَاخِرُونَ تون فرمائيندو ته يا رسول الله اوهان کي ضرور ٻيهر زنده ڪرڻ. ٻيهر سڀ وڌيڪ ذليل ۽ خوار فَإِنَّمَا هِيَ زَجْرَةٌ وَاحِدَةٌ فَإِذَا هُمْ يَنْظُرُونَ قيامت جھڙي مگر ڪڙڪي ڪري ڪاه. يا ان سو ڪري ڪي گھڙي اٿي نيرن لوڪ زنده گڏ ٿيا قبر ۽ مزه تو پتو لڳن حيران سڀ ته وڃڻ. وَقَالُوا يَا وَيْلَنَا هَٰذَا يَوْمُ الدِّينِ ٻيهر ڏينهن افسوس ساڻ خاطره اوهو، ٻي جھڙا جزا ڪ ڏوه هَٰذَا يَوْمُ الْفَصْلِ الَّذِي كُنْتُمْ بِهِ تُكَذِّبُونَ وٺڻ ٻيکھ اوهه يوهي ڪياه گوو فيصلڪ سه ڏوه ٿيڻ تھي انڪار ڪران آسوه احْشُرُوا الَّذِينَ ظَلَمُوا وَأَزْوَاجَهُمْ وَمَا كَانُوا يَعْبُدُونَ * مِنْ دُونِ اللَّهِ فَاهْدُوهُمْ إِلَىٰ صِرَاطِ الْجَحِيمِ حڪم سڀڏه ملائڪن کي سونبر آويو ته تم لوڪ تمو ظلم ڪور پان پائس شرڪ سيت، ٻيه تهند تابع ۽ پير ۽ ٻيه تهند معبودانِ باطل ٻهن تم عبادت ڪران آس معبودِ برحقس ورائي يعني شيطان ۽ پوتل تو پته ٻاويو ڪه جهنمّ ڏنه يعني واتنا ويو ڪه جهنمس اندر وَقِفُوهُمْ إِنَّهُمْ مَسْئُولُونَ سر دست ٺهر آويو ڪه تم وو ته ڏنه تهاويو ڪه تم تمن ڇه ڪينه پر ٿڻن مَا لَكُمْ لَا تَنَاصَرُونَ ڏپنه ٻيکھ توهه ڪياه گوده، تهه ڇھوه نه اکه آکس مدد ڪران بَلْ هُمُ الْيَوْمَ مُسْتَسْلِمُونَ بلڪه آسن تم تمه دوهه اکه آکس ٺولهِ دوه ووني ۽ اکه آکس نشهِ بي توجه سڀڏه ووني وَأَقْبَلَ بَعْضُهُمْ عَلَىٰ بَعْضٍ يَتَسَاءَلُونَ تو پته ڇهيرن تم اڏي اڏين ڳن. اکه آکس ڳن متوجه سڀڏت ڳرن سوال و جواب قَالُوا إِنَّكُمْ كُنْتُمْ تَأْتُونَنَا

وَمَا كَانَ لَنَا عَلَيْكُمْ مِّنْ سُلْطٰنٍ ۚ بَلْ كُنْتُمْ قَوْمًا طٰغِيْنَ ﴿٣٠﴾ فَحَقَّ عَلَيْنَا
قَوْلُ رَبِّنَآ ۖ إِنَّا لَذَآئِقُوْنَ ﴿٣١﴾ فَأَغْوَيْنٰكُمْ إِنَّا كُنَّا غٰوِيْنَ ﴿٣٢﴾ فَإِنَّهُمْ
يَوْمَئِذٍ فِي الْعَذَابِ مُشْتَرِكُوْنَ ﴿٣٣﴾ إِنَّا كَذٰلِكَ نَفْعَلُ بِالْمُجْرِمِيْنَ ﴿٣٤﴾
إِنَّهُمْ كَانُوْٓا إِذَا قِيْلَ لَهُمْ لَآ إِلٰهَ إِلَّا اللّٰهُ ۙ يَسْتَكْبِرُوْنَ ﴿٣٥﴾ وَيَقُوْلُوْنَ
أَئِنَّا لَتَارِكُوْٓا اٰلِهَتِنَا لِشَاعِرٍ مَّجْنُوْنٍ ﴿٣٦﴾ بَلْ جَآءَ بِالْحَقِّ وَصَدَّقَ
الْمُرْسَلِيْنَ ﴿٣٧﴾ إِنَّكُمْ لَذَآئِقُوا الْعَذَابِ الْأَلِيْمِ ﴿٣٨﴾ وَمَا تُجْزَوْنَ إِلَّا مَا

---

عَنِ الْيَمِيْنِ چنانچہ تابع دِپن متبوعن اَسِ کٔرِ وہ توہی گمراہ۔ کیازِ تُہہ آسوہ اَسہِ لٔتھ زبردستی سان ڈالنہ یوان۔ اَسہِ پیٹھ آسوہ دباوٕ تہٕ زور ترآو تھ اَسہِ گمراہ کران قَالُوْا بَلْ لَّمْ تَكُوْنُوْا مُؤْمِنِيْنَ تمہِ متبوعین دِپنکھ سون زور اوس نہ تُہہ پیٹھ کینہہ تہٕ۔ بلکہ آسوہ نہ تُہی پانہ ایمان انہٕ وٕنِ وَمَا كَانَ لَنَا عَلَيْكُمْ مِّنْ سُلْطٰنٍ بَلْ كُنْتُمْ قَوْمًا طٰغِيْنَ بیہ اوس نہ تُہہ پیٹھ سون کانہہ زور تہٕ جبر۔ بلکہ آسوہ تُہی پانہ سرکش قوماہ فَحَقَّ عَلَيْنَا قَوْلُ رَبِّنَآ إِنَّا لَذَآئِقُوْنَ معلوم چھہ سپدان زِ اَسِ ساری آسِ اَزلی محروم ایمانہٕ لٔتھ۔ تُمی سپز اَسہِ پیٹھ ازلی کتھ محقق تتھ کٔن نظر کٔرِتھ چھہ اَسہِ سارنے عذابک مزہ ضرور ژٕہُن فَأَغْوَيْنٰكُمْ إِنَّا كُنَّا غٰوِيْنَ اَسہِ ڈالِ وہ تُہہ۔ اَسِ آس پانہ تہٕ ڈٕعلتے راہ راستہٕ لٔتھ فَإِنَّهُمْ يَوْمَئِذٍ فِي الْعَذَابِ مُشْتَرِكُوْنَ پَس آسن تمِ ساری تمہِ دوہہ عذابس اندر شریک إِنَّا كَذٰلِكَ نَفْعَلُ بِالْمُجْرِمِيْنَ اَسِ چھہِ نافرمانن جرم کارٕن سیت یوہے سلوک کران إِنَّهُمْ كَانُوْٓا إِذَا قِيْلَ لَهُمْ لَآ إِلٰهَ إِلَّا اللّٰهُ يَسْتَكْبِرُوْنَ یم گےتمٕ تمِن نہ توحید چ پڑھ آس نہ رِسالچ۔ وننہ اوس یوان تمِن دنیاءس اندر پٔرِو لاالہ الا اللہ۔ تورہ آسے سرکشی تہٕ تکبر کران وَيَقُوْلُوْنَ أَئِنَّا لَتَارِكُوْٓا اٰلِهَتِنَا لِشَاعِرٍ مَّجْنُوْنٍ دپان آس کیاہ اَسِ تراو وکھ پنٔنے معبود اَکس شاعرس تہٕ دیوانس اکِ سندہِ وننہ مُوجب۔ اللہ تعالیٰ چھہ فرماوان یہ پیغمبر برحق نہ چھہ شاعر تہٕ نہ چھہ دیوانہ بَلْ جَآءَ بِالْحَقِّ وَصَدَّقَ الْمُرْسَلِيْنَ بلکہ چھہ پیغمبر برحق آوٕمتہٕ تمِن لٔتھ پوزدین ہیتھ۔ بیہ چھہِ متہٕ برونٹھمین پیغمبرن ہِنٛز تصدیق تہٕ تائید کران إِنَّكُمْ لَذَآئِقُوا الْعَذَابِ الْأَلِيْمِ اے مشرکو تہٕ کافرو تُہہ

كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿٣٩﴾ اِلَّا عِبَادَ اللّٰهِ الْمُخْلَصِيْنَ ﴿٤٠﴾ اُولٰٓئِكَ لَهُمْ رِزْقٌ
مَّعْلُوْمٌ ﴿٤١﴾ فَوَاكِهُ ۚ وَهُمْ مُّكْرَمُوْنَ ﴿٤٢﴾ فِيْ جَنّٰتِ النَّعِيْمِ ﴿٤٣﴾ عَلٰى سُرُرٍ
مُّتَقٰبِلِيْنَ ﴿٤٤﴾ يُطَافُ عَلَيْهِمْ بِكَاْسٍ مِّنْ مَّعِيْنٍ ﴿٤٥﴾ بَيْضَآءَ لَذَّةٍ
لِّلشّٰرِبِيْنَ ﴿٤٦﴾ لَا فِيْهَا غَوْلٌ وَّلَا هُمْ عَنْهَا يُنْزَفُوْنَ ﴿٤٧﴾ وَعِنْدَهُمْ قٰصِرٰتُ
الطَّرْفِ عِيْنٌ ﴿٤٨﴾ كَاَنَّهُنَّ بَيْضٌ مَّكْنُوْنٌ ﴿٤٩﴾ فَاَقْبَلَ بَعْضُهُمْ عَلٰى بَعْضٍ

---

سارنے یعنی تابعن تہٕ متبوعن تہٕ چھُ دگ تلہٕ ونہِ عذابُک ضرور مزہ ژٕہُن وَمَا تُجْزَوْنَ اِلَّا مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ اتھ منز چھُنہٕ توہہِ پیٹھ کانہہ ظلم کیازِ توہہِ ییہِ نہٕ سزا دنہٕ مگر تمے کامین ہُند یمہٕ تُہہٕ کران آسوہ اِلَّا عِبَادَ اللّٰهِ الْمُخْلَصِيْنَ مگر چھِ محفوظ عذابہٕ نِشہِ پروردگارہ سُند خاص کرنہٕ آمت، ژارنہٕ آمت تہٕ شرکہٕ نِشہِ صاف وپاک کرنہٕ آمتِ بندہ۔ مراد چھُ تِمو اندرٕ اہلِ ایمان۔ تِمو کٔر پزٕ پیروی۔ اللہ تعالیٰ اَن کٔر تِم مقبول تہٕ مخصوص بندہ اُولٰٓئِكَ لَهُمْ رِزْقٌ مَّعْلُوْمٌ لہذا چھُ تِہندِ خاطرہ سۓ رزق تیار تھاونہٕ آمت یمیُک حال قرآن مجیدہ کین بیٚن سورن اندر معلوم چھُ سپدمُت فَوَاكِهُ وَهُمْ مُّكْرَمُوْنَ یعنی کم کم میوہ ییہِ ییہِ تِمن سیٹھاہ عزت کرنہٕ فِيْ جَنّٰتِ النَّعِيْمِ نعمژن ہندین باغن اندر عَلٰى سُرُرٍ مُّتَقٰبِلِيْنَ تختن پیٹھ آسن روبروٗ اکھ اکس کُن بُتھ کٔرِتھ بہتھ۔ يُطَافُ عَلَيْهِمْ بِكَاْسٍ مِّنْ مَّعِيْنٍ پھِرٕ ناونہٕ یِن تِمن نِشہِ پیالہ یم پکہ ونہٕ تہٕ جاری شراب طہورہ سیٖت بٔرِتھ آسن۔ بَيْضَآءَ لَذَّةٍ لِّلشّٰرِبِيْنَ سُہ شراب آسہِ سفید، صاف وشفاف۔ یُس چیس اندر چینہٕ والین سیٹھاہ لذیذ معلوم آسہِ سپدان لَا فِيْهَا غَوْلٌ وَّلَا هُمْ عَنْهَا يُنْزَفُوْنَ نہٕ آسہِ تتھ شرابس منز کلہٕ دود تہٕ نہٕ بے ہوشی تہٕ نہٕ عقلہٕ ہُند فتور وَعِنْدَهُمْ قٰصِرٰتُ الطَّرْفِ عِيْنٌ تِمن نِشہِ آسن ییہِ تِژے جورہ یم نہٕ پنہٕ نین مردن ور آسہ کانسہِ کُن اچھ تُلان آسن۔ تِم اچھ آسکھ وتھچھ وتھچھِ۔ كَاَنَّهُنَّ بَيْضٌ مَّكْنُوْنٌ تمے جورہ آسن سفیدر آچھِ کرنہٕ آمت پھِرٕ تلک ٹھول ہِشہٕ۔ یعنی گردو غبارہ نِشہِ محفوظ۔ تو پتہ یلہِ تِم باایمان اکس جلسس، مجمعس منز جمع آسن فَاَقْبَلَ بَعْضُهُمْ عَلٰى بَعْضٍ يَّتَسَآءَلُوْنَ پَس پھیرن تہٕ متوجہ سپدن اَڈے اڈین کُن تہٕ اکھ اکس ہین دنیاءک

یَتَسَآءَلُوْنَ ﴿۵۰﴾ قَالَ قَآئِلٌ مِّنْهُمْ اِنِّیْ كَانَ لِیْ قَرِیْنٌ ﴿۵۱﴾ یَّقُوْلُ
ءَاِنَّكَ لَمِنَ الْمُصَدِّقِیْنَ ﴿۵۲﴾ ءَاِذَا مِتْنَا وَكُنَّا تُرَابًا وَّعِظَامًا
ءَاِنَّا لَمَدِیْنُوْنَ ﴿۵۳﴾ قَالَ هَلْ اَنْتُمْ مُّطَّلِعُوْنَ ﴿۵۴﴾ فَاطَّلَعَ
فَرَاٰهُ فِیْ سَوَآءِ الْجَحِیْمِ ﴿۵۵﴾ قَالَ تَاللّٰهِ اِنْ كِدْتَّ لَتُرْدِیْنِ ﴿۵۶﴾
وَلَوْلَا نِعْمَةُ رَبِّیْ لَكُنْتُ مِنَ الْمُحْضَرِیْنَ ﴿۵۷﴾ اَفَمَا نَحْنُ
بِمَیِّتِیْنَ ﴿۵۸﴾ اِلَّا مَوْتَتَنَا الْاُوْلٰی وَمَا نَحْنُ بِمُعَذَّبِیْنَ ﴿۵۹﴾ اِنَّ

---

حالاتھ پرژھنہ قَالَ قَآئِلٌ مِّنْهُمْ اِنِّیْ كَانَ لِیْ قَرِیْنٌ تمو منزہ ونہ اکھ وَنن وولاہ زہِ دنیاءس اندر اوس میہ اکھ مُلاقاتیا، مُشرک سُی اوس میہ بطور تعجب پرژھان یَّقُوْلُ ءَاِنَّكَ لَمِنَ الْمُصَدِّقِیْنَ سُہ اوس دپان میہ کیاہ ژہ چھکھ یتھ کتھ تصدیق کران ءَاِذَا مِتْنَا وَكُنَّا تُرَابًا وَّعِظَامًا ءَاِنَّا لَمَدِیْنُوْنَ اس یلہِ مَرو توپتہ سپَدو میٔٹر تہ اَڈِجہِ توپتہ تِمو آس ہیہِ زندہ کرنہ۔ کیاہ توپتہ ییا آسہِ جزاو سزا دِنہِ۔ سُہ میون ملاقاتی اوس مرنہ پتہ ہیہِ زندہ سپدنس مُنکرِ۔ سُہ آسہِ ضرور جہنّمس وٲتمت۔ قَالَ هَلْ اَنْتُمْ مُّطَّلِعُوْنَ اللہ تعالیٰ سُند ارشاد سپدِ کہ اے جنتیو کیاہ تُہہ چھونہ سُہ کافر وُچھن یژھان اگر یژھانِ چھوہ توہہِ چھوہ تمیُک اجازت فَاطَّلَعَ فَرَاٰهُ فِیْ سَوَآءِ الْجَحِیْمِ اتی دیہِ نظر سُہ جنتی، وچھہِ لَس مُشرک ملاقاتیس جہنّمس منز باگ دزان قَالَ تَاللّٰهِ اِنْ كِدْتَّ لَتُرْدِیْنِ دپیس قسم خداۓ یہ ہیژو تھٕس بہ تباہ کرن، ڈلہ تراون کھوہ ڈس منز۔ ژٕ یہ ہیژو تھٕس بہ تہِ قیامتک مُنکر بناون۔ از آسہ ہا بہ تہِ ژٕ ے سیت عذابس گرفتار وَلَوْلَا نِعْمَةُ رَبِّیْ لَكُنْتُ مِنَ الْمُحْضَرِیْنَ ہرگاہ نے میانس پروردگارہ سُنز میہ پیٹھ مہربانی تہِ فضل آسہا بوہ تہِ آسا ژٕ ے سیت عذابس گرفتار۔ مگر خداین کور میہ پُٹھ بوڈ فضل۔ بوہ تھوونس صحیح اعتقادس پیٹھہ قائم۔ توپتہ وَنہِ یہ جنتی پننہ نین اہلِ مجلسَن کُن اَفَمَا نَحْنُ بِمَیِّتِیْنَ کیاہ وونِ چھنا اسے جنتی مرہِ وِنین اندر زانہہ اِلَّا مَوْتَتَنَا الْاُوْلٰی مگر سُ مَرن یُس بروٹھ اکہ پھِرِ دنیاءس اَندر لبنہ آو۔ وَمَا نَحْنُ بِمُعَذَّبِیْنَ ہیہِ بیہ نہ اَسہِ عذاب تہ کرنہ زانہہ اِنَّ هٰذَا لَهُوَ الْفَوْزُ الْعَظِیْمُ اللہ تعالیٰ چھہ فرماوان

هٰذَا لَهُوَ الْفَوْزُ الْعَظِيْمُ ﴿٦٠﴾ لِمِثْلِ هٰذَا فَلْيَعْمَلِ الْعٰمِلُوْنَ ﴿٦١﴾ اَذٰلِكَ
خَيْرٌ نُّزُلًا اَمْ شَجَرَةُ الزَّقُّوْمِ ﴿٦٢﴾ اِنَّا جَعَلْنٰهَا فِتْنَةً لِّلظّٰلِمِيْنَ ﴿٦٣﴾
اِنَّهَا شَجَرَةٌ تَخْرُجُ فِيْٓ اَصْلِ الْجَحِيْمِ ﴿٦٤﴾ طَلْعُهَا كَاَنَّهٗ رُءُوْسُ
الشَّيٰطِيْنِ ﴿٦٥﴾ فَاِنَّهُمْ لَاٰكِلُوْنَ مِنْهَا فَمَالِـُٔوْنَ مِنْهَا الْبُطُوْنَ ﴿٦٦﴾
ثُمَّ اِنَّ لَهُمْ عَلَيْهَا لَشَوْبًا مِّنْ حَمِيْمٍ ﴿٦٧﴾ ثُمَّ اِنَّ مَرْجِعَهُمْ لَاِلَى
الْجَحِيْمِ ﴿٦٨﴾ اِنَّهُمْ اَلْفَوْا اٰبَآءَهُمْ ضَآلِّيْنَ ﴿٦٩﴾ فَهُمْ عَلٰٓى اٰثٰرِهِمْ

---

کہ جنتس اندر واتتھ روحانی تہٕ جسمانی نعمژہ حاصل سپدنہٕ، بے شک چھےٚ یہے گژھ بڈر ستگاری لِمِثْلِ هٰذَا فَلْيَعْمَلِ الْعٰمِلُوْنَ یژھی کامیابی خاطرہ گژھ عمل کرہ وٕنین ہنز عمل کرنِ، ایمان اَنُن تہٕ اطاعت کرن اَذٰلِكَ خَيْرٌ نُّزُلًا اَمْ شَجَرَةُ الزَّقُّوْمِ یہ جنّت تہٕ تمہٕ جٲیچہ نعمژ چھا بہتر دعوت یُس باایمانن ہندہ خاطرہ کنہ زقومُک کُل یمیُک میوہ ٹیوٗٹھ تہٕ پھکہ لد چھُ کافرن ہندہ خاطرہ اِنَّا جَعَلْنٰهَا فِتْنَةً لِّلظّٰلِمِيْنَ بے شک اَسہِ کورُٕ زقومُک کُل آخرتس اندر عذابُک ذریعہ بناونہٕ علاوہ ظالمن ہندہ خاطرہ امتحانُک تہٕ آزمایشہِ ہُند سبب کیٚہ سُہ کُل بوزت کرنہ یمِ تتھ پژھ کنہ اِنکار تہٕ استہزاء۔ چنانچہ تمو کافرو کور استہزاء، تہٕ اِنکارے۔ دپنہٕ لگ کیٚہ گتہِ چھُ بوزمُت از تاں نارس اندر کُل آسُن۔ اللہ تعالیٰ چھُک فرماوان اِنَّهَا شَجَرَةٌ تَخْرُجُ فِيْٓ اَصْلِ الْجَحِيْمِ سو چھُ اکھ کُلاہ یُس کھوٚتمت چھُ جہنمہ کہِ ژکہِ تلہ نارہ منزٕے نارُک کُل کھوٚتمت۔ یتھ پاٹھ دنیاءس اندر نارس اندر اکھ خاص قسمُک گگرپادہ سپدان تہٕ نوان چھ تمن گگرن چھہِ "سمندر ونان" طَلْعُهَا كَاَنَّهٗ رُءُوْسُ الشَّيٰطِيْنِ تمیُک پھل تہٕ میوہ آسہِ سرفہ کلہٕ ہی بدشکل تمی سیت پیہ کرنہ ظالمن ہنز دعوت فَاِنَّهُمْ لَاٰكِلُوْنَ مِنْهَا فَمَالِـُٔوْنَ مِنْهَا الْبُطُوْنَ بوچھہ سیت یلہِ بے تاب آسن سپدان پس آسن تمِ یوہے پھل کھیوان۔ تمی سیت آسن یڈ بران ثُمَّ اِنَّ لَهُمْ عَلَيْهَا لَشَوْبًا مِّنْ حَمِيْمٍ تو پتہ یلہِ تریش آسیکھ لگان تمِ آسن تتھ پیٹھ ہلہ ناونہ آمژ سر سخت تیز گرم آب یتھ سیت پال تہٕ پاکھ ملہ ناونہ آمُت آسہِ تریشہِ بدل چاونہ یوان ثُمَّ اِنَّ مَرْجِعَهُمْ لَاِلَى الْجَحِيْمِ تو پتہ آسہِ

يُهْرَعُوْنَ ۝۷۰ وَلَقَدْ ضَلَّ قَبْلَهُمْ اَكْثَرُ الْاَوَّلِيْنَ ۝۷۱ وَلَقَدْ
اَرْسَلْنَا فِيْهِمْ مُّنْذِرِيْنَ ۝۷۲ فَانْظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ
الْمُنْذَرِيْنَ ۝۷۳ اِلَّا عِبَادَ اللّٰهِ الْمُخْلَصِيْنَ ۝۷۴ وَلَقَدْ نَادٰىنَا نُوْحٌ
فَلَنِعْمَ الْمُجِيْبُوْنَ ۝۷۵ وَنَجَّيْنٰهُ وَاَهْلَهٗ مِنَ الْكَرْبِ الْعَظِيْمِ ۝۷۶
وَجَعَلْنَا ذُرِّيَّتَهٗ هُمُ الْبٰقِيْنَ ۝۷۷ وَتَرَكْنَا عَلَيْهِ فِى الْاٰخِرِيْنَ ۝۷۸
سَلٰمٌ عَلٰى نُوْحٍ فِى الْعٰلَمِيْنَ ۝۷۹ اِنَّا كَذٰلِكَ نَجْزِى الْمُحْسِنِيْنَ ۝۸۰

---

تمن ہیٖہ وانٛس مٔن نارِ جہنمس منز۔ یعنی تتِ روزن بد ستور۔ یہ یُتھ عذاب کیازِ سناپیکھ کرنہ۔ تمِ کیا آسِ نہ خدایہٕ سندہِ ہدایتہ موجب پکان بلکہ اِنَّهُمْ اَلْفَوْا اٰبَآءَهُمْ ضَآلِّيْنَ تمو لیب پننِ مال بڈٕب ڈلمت فَهُمْ عَلٰۤى اٰثٰرِهِمْ يُهْرَعُوْنَ پٔس آس تمِ تہِ تمنے پتہ پتہ اَچھ وٹتھ دوران تمن اَرکہِ وقتہ کین کافرن برونٛھ تہِ وَلَقَدْ ضَلَّ قَبْلَهُمْ اَكْثَرُ الْاَوَّلِيْنَ بے شک ڈلمتِ آسِ برونٹھیو اَندرہ اکثر لوکھ وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا فِيْهِمْ مُّنْذِرِيْنَ تو پتہ سوز آسہِ تمن منز بیم گرہ ون پیغمبر فَانْظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُنْذَرِيْنَ پٔس وچھ زہ تمن بیم بیم کرنہ آمتین ہُند انجام کیاہ سپُد۔ کتھہ پاٹھ گئے تمِ عذابس گرفتار پٔس عذاب تمن پیٹھ دنیاسے منز کرنہ آو اِلَّا عِبَادَ اللّٰهِ الْمُخْلَصِيْنَ مگر بچائے تمہِ عذاب دُنیوی نِشہِ اللہ تعالیٰ سند خاص کرنہ آمتِ بندہ وَلَقَدْ نَادٰىنَا نُوْحٌ فَلَنِعْمَ الْمُجِيْبُوْنَ تحقیق بیہ کور اَسہِ نِشہِ فریاد نوح علیہ السلام یارِی تہ مدتہ خاطرہ۔ یعنے دُعا مونگکھ۔ پٔس کٔر اَسہِ تمن فریادرسی کیازہ اَسے چھہِ رٹھ فریادرسی کرہ ون وَنَجَّيْنٰهُ وَاَهْلَهٗ مِنَ الْكَرْبِ الْعَظِيْمِ تو پتہ دُیت اَسہِ نجات تس ہیٖہ تہندین تابعن مجہ پریشانی تہ غمہ نِشہِ یعنی کافرن ہندہ ایذاء و تکلیفہ نِشہِ۔ بیہ اِنکارِ تکذیبہ نِشہِ۔ طوفانہ سیت کٔر تمِ کافر غرق۔ تمن تہ تہندین تابعن دُیت نجات وَجَعَلْنَا ذُرِّيَّتَهٗ هُمُ الْبٰقِيْنَ تو پتہ کٔر اَسہِ تہنز ذریت پتھ گٔن باقی روزہ ؤنِ۔ ہیٖہ کانسہِ ہُند نسل رودنہ پتھ گٔن باقی وَتَرَكْنَا عَلَيْهِ فِى الْاٰخِرِيْنَ اَسہِ تھوو تہند ذِکر خیر پتہ یوہ نین منزوار یمس کالس تان سَلٰمٌ عَلٰى نُوْحٍ فِى الْعٰلَمِيْنَ پریتھ طرفہ آسہِ لوکن ہنزن

إِنَّهُ مِنْ عِبَادِنَا الْمُؤْمِنِينَ ﴿٨١﴾ ثُمَّ أَغْرَقْنَا الْآخَرِينَ ﴿٨٢﴾
وَإِنَّ مِنْ شِيعَتِهِ لَإِبْرَاهِيمَ ﴿٨٣﴾ إِذْ جَاءَ رَبَّهُ بِقَلْبٍ سَلِيمٍ ﴿٨٤﴾
إِذْ قَالَ لِأَبِيهِ وَقَوْمِهِ مَاذَا تَعْبُدُونَ ﴿٨٥﴾ أَئِفْكًا آلِهَةً دُونَ اللَّهِ
تُرِيدُونَ ﴿٨٦﴾ فَمَا ظَنُّكُمْ بِرَبِّ الْعَالَمِينَ ﴿٨٧﴾ فَنَظَرَ نَظْرَةً فِي النُّجُومِ ﴿٨٨﴾
فَقَالَ إِنِّي سَقِيمٌ ﴿٨٩﴾ فَتَوَلَّوْا عَنْهُ مُدْبِرِينَ ﴿٩٠﴾ فَرَاغَ إِلَىٰ آلِهَتِهِمْ

---

زيون پيٺ ۾ ڪٿهه جاري ڪه سلامتي ٻوهن حضرتِ نوحَس عالمين منز۔ خدائرِن ڪه تم تمامِ جن انسان ته ملايڪِ روزِن تمن پيٺ سلام سوزان إِنَّا كَذَٰلِكَ نَجْزِي الْمُحْسِنِينَ اَسي ڇهِ يُتهي عوِض نيڪوڪارن دِوان إِنَّهُ مِنْ عِبَادِنَا الْمُؤْمِنِينَ سُه نوح عليه السَّلام ڇهه سانيو باايمان بندِ واندره ثُمَّ أَغْرَقْنَا الْآخَرِينَ تو پته پهاٽو اَسهِ باقي ساري لوکه يمو تهنز نافرماني ڪر۔ وَإِنَّ مِنْ شِيعَتِهِ لَإِبْرَاهِيمَ بيه ڇهه بي شڪ نوح عليه السَّلام سنزه وَته پڪه ونيو اَندره۔ تمن سيت اصولن اندر اتفاق ڪره ونيو اَندره ابراهيم عليه السَّلام ته إِذْ جَاءَ رَبَّهُ بِقَلْبٍ سَلِيمٍ تهنُد قِصّه ته ڇهه قابلِ ذِکر۔ يلهِ سُه پنهِ نِس پروردگارس کُن متوجه سپُد صاف دِله سيت يُس ڀچهِ شِرکي اعتقادو ته رياء نِشهِ پاک اوس يته منز خالِص توحيد ته ڪامِل اخلاص موجود اوس إِذْ قَالَ لِأَبِيهِ وَقَوْمِهِ مَاذَا تَعْبُدُونَ يلهِ يمو پنهِ نِس مالِس بيهِ پنهِ نِس قومَس دوپ يم بُت پرست آسِ کهِ تُهه ڪِٿه واهيات چيزس ڇهوِه پرستش ڪران أَئِفْكًا آلِهَةً دُونَ اللَّهِ تُرِيدُونَ ڪياه اڇين ميزه ين باطِل معبودن ڇهوِه تُهه معبود بناوُن يژهان معبودِ برحقس ورآسي فَمَا ظَنُّكُمْ بِرَبِّ الْعَالَمِينَ تُهند ڪياه خيال ڇهه ربُّ العالمينس متعلق۔ توهِ ڇهوه تِس عبادت ڪرنِ ترامِژ تو هيه ڇها تهندِس معبود آسنس منز ڪانهه شڪ۔ سُه شڪ ڪرِ ودور۔ امي قسمُک بحث ومُباحثه اوس تمن منز آسان۔ اَکه وَقته ووت تمن اَکه ميلک ته عُرسک موقه۔ تمو لوگوون تمن کهِ تُهه ته سپدِ وناٰ اَتهه سانِس ميلس منز شامل۔ تُهند غرض اوس کهِ تمن پيٺ پيه مالهِ که شان وشوکتک اثر فَنَظَرَ نَظْرَةً فِي النُّجُومِ تو پته دژاکه نظراه ابراهيم عليه السلام من سِتارن کُن فَقَالَ إِنِّي سَقِيمٌ تو پته دوپکه به ڇهس بيمار لهٰذا هيڪنه به ميلس تُهندِس شامِل

كَفَرُوْا مِنْهُمْ عَذَابًا اَلِيْمًا ﴿۲۵﴾ اِذْ جَعَلَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فِيْ
قُلُوْبِهِمُ الْحَمِيَّةَ حَمِيَّةَ الْجَاهِلِيَّةِ فَاَنْزَلَ اللّٰهُ سَكِيْنَتَهٗ
عَلٰى رَسُوْلِهٖ وَعَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ وَاَلْزَمَهُمْ كَلِمَةَ التَّقْوٰى وَ
كَانُوْٓا اَحَقَّ بِهَا وَاَهْلَهَا ۭ وَكَانَ اللّٰهُ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمًا ﴿۲۶﴾ ع
لَقَدْ صَدَقَ اللّٰهُ رَسُوْلَهُ الرُّءْيَا بِالْحَقِّ ۚ لَتَدْخُلُنَّ الْمَسْجِدَ
الْحَرَامَ اِنْ شَاۗءَ اللّٰهُ اٰمِنِيْنَ ۙ مُحَلِّقِيْنَ رُءُوْسَكُمْ وَمُقَصِّرِيْنَ ۙ لا

---

يِمِس یِژھہِ ہاتہٕ تِس اسلامَس مُشرف سُپدنہٕ سیت لَوْ تَزَيَّلُوْا لَعَذَّبْنَا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْهُمْ عَذَابًا اَلِيْمًا ہرگاہ تِم باایمان مرد تہٕ باایمان زنانہ یِم مکہ شریفس منز آسِ تِمہ شہرہ منزہ اورہ یور گن گامتی آسہ ہن تیلہِ کرہ ہوابِ تِمن لوکن یِموٚ کُھر کور مکہ کیو لوکو اَندرہ مسلمانن ہندیو اتھو سیت کُڈر عذاب اِذْ جَعَلَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فِيْ قُلُوْبِهِمُ الْحَمِيَّةَ حَمِيَّةَ الْجَاهِلِيَّةِ یہ واقعہ گوو تمی ساتہٕ یِمہِ ساتہٕ کافرو تھود پنہ ین دلن اندر سخت تعصُب تہٕ جاہلانہ جوش۔ یِمہِ سَبَبہ اشتعال انگیز کتھ ہیژکھ کرنہِ سٕہ تہٕ اوس باعث کہ مسلمان کرہن مشتعل سپد تھ جنگ شروع۔ یہ گوو تمی وقتہ یلہِ صلح حدیبیگ مسودہ لیکھنہ یوان اوس بسم اللہ تہٕ رسول اللہ لیکھنس پیٹھ کر تموٚ کافرو مسلمانن سیت ضِد تہٕ ہٹ دھرمی فَاَنْزَلَ اللّٰهُ سَكِيْنَتَهٗ عَلٰى رَسُوْلِهٖ وَعَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ یِمس کور اللہ تعالیٰ ان پننہِ طرفہ صبر و تحمل تہٕ سکون پننہ یِس پیغمبرس بیہ باایمانن پیٹھ یِمہِ سیت تموٚ ضبط کور تمن کلماتن ہندِس لیکھنس پیٹھ کورکھ نہ اصرار تا اینکہ صلح سپد مکمل کافرن پچھ مارہ گژھنہ نشہِ وَاَلْزَمَهُمْ كَلِمَةَ التَّقْوٰى وَكَانُوْٓا اَحَقَّ بِهَا وَاَهْلَهَا اللہ تعالیٰ ان تھاو تِم مضبوط تہٕ محکم تقویٰ کس کلمس پیٹھ سٕہ گوو کلمہ طیبس پیٹھ یعنے توحید و رسالتچہ پژھ پیٹھ یوسہ مقتضی چھہ خداو پیغمبرہ سندِس حکمس اطاعت کرہ نس واقعی آس تِم تتھ تقویٰ کس کلمس دنیاءس اندر مستحق بیہ آس اَمہِ کس ثوابس لایق آخرتس اندر وَكَانَ اللّٰهُ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمًا اللہ تعالیٰ چھہ پرتھ چیزہ پور زانہ ون لَقَدْ صَدَقَ اللّٰهُ رَسُوْلَهُ الرُّءْيَا بِالْحَقِّ لَتَدْخُلُنَّ الْمَسْجِدَ الْحَرَامَ اِنْ شَاۗءَ اللّٰهُ اٰمِنِيْنَ مُحَلِّقِيْنَ رُءُوْسَكُمْ

لَا تَخَافُوْنَ ؕ فَعَلِمَ مَا لَمْ تَعْلَمُوْا فَجَعَلَ مِنْ دُوْنِ ذٰلِكَ فَتْحًا
قَرِيْبًا ﴿۲۷﴾ هُوَ الَّذِيْٓ اَرْسَلَ رَسُوْلَهٗ بِالْهُدٰى وَدِيْنِ الْحَقِّ
لِيُظْهِرَهٗ عَلَى الدِّيْنِ كُلِّهٖ ؕ وَكَفٰى بِاللّٰهِ شَهِيْدًا ﴿۲۸﴾ ؕ
مُحَمَّدٌ رَّسُوْلُ اللّٰهِ ؕ وَالَّذِيْنَ مَعَهٗٓ اَشِدَّآءُ عَلَى الْكُفَّارِ رُحَمَآءُ بَيْنَهُمْ

---

وَمُقَصِّرِيْنَ لَا تَخَافُوْنَ اللہ تعالٰی اَن ہوو پنہ ٘نِس پیغمبرس پوز خواب یُس تمو سفرِ حُدیبیہ برونٹھ وُچھمت اوس یُس واقعس سیت مطابق اوس زِ ضرور اَژِو تِہہ ساری مسجد حرامس منز بعضے آسَن مس کاسِتھ تہٕ بعضے آسن مس کرِ پِتھ خوف و خطرہ ورائے، امن و امانہ سان۔ اَمہِ اندرہ چھہ مراد عمرہ تتھ منز چھہ آسان حلق و قصر یعنی مُس کاسُن تہٕ مُس کرِہُن تہٕ فَعَلِمَ مَا لَمْ تَعْلَمُوْا پس زانِ تمہ یژھ مصلحت صلحس اندر یوسہ مصلحت نہ تہِہ زانِہ ہو۔ فَجَعَلَ مِنْ دُوْنِ ذٰلِكَ فَتْحًا قَرِيْبًا پس کر اللہ تعالٰی اَن مکّس منز فاتحانہ اژنہ برونٹھ اَتھ پیٹھے بیا کھ فتحاہ توہہِ عطا یعنے فتح خیبر دویمہ وریہ دراو خوابک تعبیر اللہ تعالٰی اَن کورتمن فتح مکہ عطا هُوَ الَّذِيْٓ اَرْسَلَ رَسُوْلَهٗ بِالْهُدٰى وَدِيْنِ الْحَقِّ لِيُظْهِرَهٗ عَلَى الدِّيْنِ كُلِّهٖ وَكَفٰى بِاللّٰهِ شَهِيْدًا سہٕ پروردگار گوسے یَم سوزِ پَنُن پیغمبر بڑہ ہدایتک سامان ہیتھ یعنے قرآنِ مجید بیہ پوز دین یعنے اسلام ہیتھ یُتھ تتھ دینس غالب کرِہ سارنے دینَن پیٹھ باعتبارِ حجت و دلیل ہمیشہ مگر باعتبار شوکت و سلطنت اہلِ اسلام بشرطیکہ تمن منز آسہِ تیچ صلاحیت سو صلاحیت آسہِ صحابہ صابَن اندر لبنہ یوان۔ بس چھہ اللہ تعالٰی امیک گواہ سہٕ چھہ تہندِہ رسالتک تصدیق کران۔ اللہ تعالٰی سنز گواہی دِنِ گیہ کہ تمی کرہ دلیلہ قائم تہندِس رسالتس پیٹھ یِمن سُند دلائیلو سیت ثابت کہ مُحَمَّدٌ رَّسُوْلُ اللّٰهِ حضرت محمد ﷺ چھہ خدلیہ سُند پیغمبر اَمہِ سیت سُپد تسلیاہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم سندِس دِلِ مبارکس کہ ہر گاہ صلح حدیبیہ منز کافِر تہندِس نام مبارکس سیت لفظ رسول اللہ چھنہ دِوان لیکھنہ تِہہ مہٕ حفں گژھو آزردہ اَسِ چھہ قرآن مجیدس منز تہندِس نام مبارکس سیت یہ لفظ لیکھان یُس قیامتس تانِ باقی روزِہ وَالَّذِيْنَ مَعَهٗٓ اَشِدَّآءُ عَلَى الْكُفَّارِ رُحَمَآءُ بَيْنَهُمْ تَرٰىهُمْ رُكَّعًا سُجَّدًا تم لوکھ امس پیغمبرس سیت چھہِ یعنی صحابہ صاب ساری تم چھہِ کافرن ہندِہ حقہ سخت تیز تہٕ زور آور۔ پانہ وانِ چھہِ یعنی مسلمانَن سیت سیٹھاہ رحم دِل تہٕ

تَرٰىهُمْ رُكَّعًا سُجَّدًا يَّبْتَغُوْنَ فَضْلًا مِّنَ اللّٰهِ وَرِضْوَانًا سِيْمَاهُمْ فِيْ
وُجُوْهِهِمْ مِّنْ اَثَرِ السُّجُوْدِ ؕ ذٰلِكَ مَثَلُهُمْ فِي التَّوْرٰىةِ ۖۛ وَمَثَلُهُمْ فِي
الْاِنْجِيْلِ ۚ كَزَرْعٍ اَخْرَجَ شَطْــَٔهٗ فَاٰزَرَهٗ فَاسْتَغْلَظَ فَاسْتَوٰى
عَلٰى سُوْقِهٖ يُعْجِبُ الزُّرَّاعَ لِيَغِيْظَ بِهِمُ الْكُفَّارَ ؕ وَعَدَ اللّٰهُ الَّذِيْنَ
اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ مِنْهُمْ مَّغْفِرَةً وَّاَجْرًا عَظِيْمًا ﴿٢٩﴾ ع

---

مہربان۔ وچھہ ہکھ ژہ اے مخاطِب تم رکوع کران تہ سجدہ دوان یعنے نماز پران يَبْتَغُوْنَ فَضْلًا مِّنَ اللّٰهِ وَرِضْوَانًا ژھانڈان چھہِ تم پروردگارہ سُند فضل یعنی ثواب بیہ یعنے قربِ خدا سِيْمَاهُمْ فِيْ وُجُوْهِهِمْ مِّنْ اَثَرِ السُّجُوْدِ علامت تہِنْد چھُہِ تہندین بتھن پیٹھ سجدہ کہ اثرک یعنے تہندِ ی بُتھی چھہِ نورانی ذٰلِكَ مَثَلُهُمْ فِي التَّوْرٰىةِ یہِ صِفت تہندی چھہِ توراتس اندر وَمَثَلُهُمْ فِي الْاِنْجِيْلِ كَزَرْعٍ اَخْرَجَ شَطْــَٔهٗ فَاٰزَرَهٗ فَاسْتَغْلَظَ فَاسْتَوٰى عَلٰى سُوْقِهٖ يُعْجِبُ الزُّرَّاعَ بیہ چھُہِ انجیلس اندر تہِنْد یوے صِفت۔ تہنز مِثال چھہ زراعتچ مِثال یُس کڈان چھُہ گوڈِہ پُن لوکٹ شاخ تتھ پتھ چھُہ طاقت دوان یوتان سُہ ویٹھان تہ پوٹھان چھُہ، ایستادہ چھُہ روزان پنہ نِس ڈکس تہ گوڈس پیٹھ۔ پنہ نشوونُما سیت چھُہ حیران کران زمیندارن۔ یوحال چھُہ صحابہ صابن ہُند۔ ابتداءس اندر آسِ تم کمی وارہ وارہ دِژکھ اللہ تعالیٰ ان ترقی لِيَغِيْظَ بِهِمُ الْكُفَّارَ یُتھ بتھہ دیاوِہ تہندِہ سیت کافرن۔ تمِ دزن حسدہ کہ نارہ سیت وَعَدَ اللّٰهُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ مِنْهُمْ مَّغْفِرَةً وَّاَجْرًا عَظِيْمًا وعدہ تھوو اللہ تعالیٰ ان تمن لوکن یمو ایمان اون بیہ کرکھ رژہ عملہ صحابہ صابو اندرہ بڈِہ مغفرت بیہ بجہ مزدورہ ہُند



## سُوْرَةُ الْحُجُرٰتِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تُقَدِّمُوْا بَيْنَ يَدَيِ اللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ وَ
اتَّقُوا اللّٰهَ ؕ اِنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ ۝۱ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَرْفَعُوْۤا
اَصْوَاتَكُمْ فَوْقَ صَوْتِ النَّبِيِّ وَلَا تَجْهَرُوْا لَهٗ بِالْقَوْلِ كَجَهْرِ
بَعْضِكُمْ لِبَعْضٍ اَنْ تَحْبَطَ اَعْمَالُكُمْ وَاَنْتُمْ لَا تَشْعُرُوْنَ ۝۲ اِنَّ

---

يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تُقَدِّمُوْا بَيْنَ يَدَيِ اللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ اے بایمانو پیشابی مہ کٔرِو خدایہ سندِس بیہ تہندِس پیغمبرہ سندِس حٕکمس کُنہٕ کتھ منز یا کُنہٕ کامہِ منز یعنے یوتتان نہ تہند اجازت آسہِ توتتان گژھہِ نہ پانے گفتگو کٔرن پانہ وأن۔ اَمہِ آیہ کریمک شانِ نزول چھہ یہ کہِ اکہ دوہہ آس قبیلہ بنی تیمک کینہہ لوکھ آمتِ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم سندِس خدمتس اندر۔ حضرت ابو بکر صدیق تہ حضرت عُمر رضی اللہ عنہما ان درمیان سپد اتھ مجلسہِ منز گفتگو یتھ کتھہ اندرکہِ تمن لوکن ہُند حاکم کٔہنہ کرون مقرر (ابوبکر صدیق رضی اللہ عنہ، تمِ آس دپان قعقاع بن معبدس نسبت، عمر بن الخطاب آس دپان اقرع بن حابس نسبت، گفتگواس اندر سپزہ تہنزہ آوازہ بُلند تتھی پیٹھ سپدی تمِ آیہ کریمہ نازل وَاتَّقُوا اللّٰهَ اِنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ بیہ کھوژِو خدایس۔ بے شک اللہ تعالیٰ چھہ تہنزہ سارے کتھ بوزہ ؤن، سارے کامہِ زانہ ؤن يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَرْفَعُوْۤا اَصْوَاتَكُمْ فَوْقَ صَوْتِ النَّبِيِّ اے بایمانو بُلند مہ آسِو کران آواز پننِ نبی کریمہ سنزہ آوازہ پیٹھ وَلَا تَجْهَرُوْا لَهٗ بِالْقَوْلِ كَجَهْرِ بَعْضِكُمْ لِبَعْضٍ بیہ مہ آسِو تمن سیت بڑھ کتھ کران یتھ پاٹھ تہٕ بڑٕ کتھ چھوہ کران اکھ أکس سیت۔ یا مہ آسِو تمن آلو دِوان نامِ مُبارکہ سیت یا کُنیتہ سیت یتھ پاٹھ أکس بیس تہٕ آلو دِوان چھوہ بلکہِ آسِو آلو دوان تمن تہندِ عہدہِ نبوتہ سیت یا عہدہ رسالتہ سیت۔ ونان آسِو یا رسول اللہ تہ یا نبی اللہ اَنْ تَحْبَطَ اَعْمَالُكُمْ وَاَنْتُمْ لَا تَشْعُرُوْنَ متہ تمہِ سیت ضایع گژھن تہٕنزہ عملہ توہہِ روزِہ نہ خبرے

إِنَّ الَّذِينَ يَغُضُّونَ أَصْوَاتَهُمْ عِندَ رَسُولِ اللَّهِ أُولَٰئِكَ الَّذِينَ
امْتَحَنَ اللَّهُ قُلُوبَهُمْ لِلتَّقْوَىٰ ۚ لَهُم مَّغْفِرَةٌ وَأَجْرٌ عَظِيمٌ ﴿٣﴾ إِنَّ
الَّذِينَ يُنَادُونَكَ مِن وَرَاءِ الْحُجُرَاتِ أَكْثَرُهُمْ لَا يَعْقِلُونَ ﴿٤﴾
وَلَوْ أَنَّهُمْ صَبَرُوا حَتَّىٰ تَخْرُجَ إِلَيْهِمْ لَكَانَ خَيْرًا لَّهُمْ ۚ وَاللَّهُ غَفُورٌ
رَّحِيمٌ ﴿٥﴾ يَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا إِن جَاءَكُمْ فَاسِقٌ بِنَبَإٍ فَتَبَيَّنُوا أَن
تُصِيبُوا قَوْمًا بِجَهَالَةٍ فَتُصْبِحُوا عَلَىٰ مَا فَعَلْتُمْ نَادِمِينَ ﴿٦﴾ وَاعْلَمُوا

---

إِنَّ الَّذِينَ يَغُضُّونَ أَصْوَاتَهُمْ عِندَ رَسُولِ اللَّهِ أُولَٰئِكَ الَّذِينَ امْتَحَنَ اللَّهُ قُلُوبَهُمْ لِلتَّقْوَىٰ لَهُم مَّغْفِرَةٌ وَأَجْرٌ عَظِيمٌ بي شڪ جيڪي ماڻهو پنهنجو آواز پست ڪن ٿا پيغمبر خدا صلي الله عليه وسلم جي روبرو، ته انهن جي دلين کي الله تعاليٰ خالص تقويٰ ۽ پرهيزگاري خاطر. انهن جي خاطر آهي مغفرت ۽ وڏي مزدوري آخرت ۾ إِنَّ الَّذِينَ يُنَادُونَكَ مِن وَرَاءِ الْحُجُرَاتِ أَكْثَرُهُمْ لَا يَعْقِلُونَ جيڪي ماڻهو توهان رسول الله کي آوازون ڏين ٿا حجرات شريف جي ٻاهران انهن مان گهڻا ماڻهو آهن بي عقل وَلَوْ أَنَّهُمْ صَبَرُوا حَتَّىٰ تَخْرُجَ إِلَيْهِمْ لَكَانَ خَيْرًا لَّهُمْ هرگاه اهي ذرا صبر ۽ انتظار ڪن ها جيستائين توهان ٻاهر اچو ته انهن لاءِ بهتر هجي ها اوس انهن جي خاطر بهتر. هرگاه اهي ماڻهو ڏيئي توبه ڪن ته انهن جي مغفرت ڪرڻ ڪيائين وَاللَّهُ غَفُورٌ رَّحِيمٌ الله تعاليٰ آهي سڀ کي معاف ڪندڙ، سڀ تي رحم ڪندڙ انهن جي حق ۾ جن کي غلطي هئڻ احساس سان ندامت پيدا ٿئي يَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا إِن جَاءَكُمْ فَاسِقٌ بِنَبَإٍ فَتَبَيَّنُوا اي ايمان وارؤ هرگاه ڪو شرير شخص توهان وٽ ڪا خبر آڻي جيڪا ڪنهن جي خلاف هجي ته اوهان تحقيقات ڪري ان جي سوچ پڙتال ڪريو أَن تُصِيبُوا قَوْمًا بِجَهَالَةٍ فَتُصْبِحُوا عَلَىٰ مَا فَعَلْتُمْ نَادِمِينَ متان ائين ٿئي ته ڪنهن قوم يا جماعت کي بي خبري ۾ ڪا تڪليف ڏئي ڇڏيو جنهن سبب پنهنجي غلط ڪارروائي تي پوءِ نادم ۽ پشيمان ٿيو. هن آيه ڪريمه جو قصه نزول هي آهي ته حضور صلي الله عليه وسلم سڳوري وليد بن عقبه کي بني مصطلق جي زڪوٰة وصول ڪرڻ خاطر. وليد ۽ انهن قبيلي ۾ زمانه جاهليت ۾ عداوت هئي وليد ان جي توت گهڻي

أَنَّ فِيكُمْ رَسُولَ اللَّهِ ۚ لَوْ يُطِيعُكُمْ فِي كَثِيرٍ مِّنَ الْأَمْرِ لَعَنِتُّمْ وَ
لَٰكِنَّ اللَّهَ حَبَّبَ إِلَيْكُمُ الْإِيمَانَ وَزَيَّنَهُ فِي قُلُوبِكُمْ وَكَرَّهَ إِلَيْكُمُ
الْكُفْرَ وَالْفُسُوقَ وَالْعِصْيَانَ ۚ أُولَٰئِكَ هُمُ الرَّاشِدُونَ ۝٧ فَضْلًا
مِّنَ اللَّهِ وَنِعْمَةً ۚ وَاللَّهُ عَلِيمٌ حَكِيمٌ ۝٨ وَإِنْ طَائِفَتَانِ مِنَ

---

نِس اندر اندیشہِ۔ تمو ولیہِ ولیدہ سندِہ پینگ بوز، تمِ درای تِس استقبالس تمِس گوو گمان کہِ یِم مادرای تمِس قتل کرنہ خاطرہ۔ سُہ آوو واپس مدینہ منورہ۔ توت وانیتھ ووُن پننہِ خیالہ موجُب کہ تمِ حضٔ چھہِ مخالِف اسلام سپدی مت۔ حضر توسوز خالد بن ولید تحقیقاتہ خاطرہ۔ تمو کور تحقیقات وارہ پاٹھ توپتہ کور کھ عرض تمِ حضٔ چھہِ مکمل طور اسلامس پیٹھ ثابت تہ محکم۔ بعضے روایتن اندر چُھہ کہ تمِ اہلِ قبیلہ آے پانہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمن نِشہِ۔ یتھ پاٹھی سُپد نازِل یہِ آیہ کریمہ وَاعْلَمُوا أَنَّ فِيكُمْ رَسُولَ اللَّهِ بیہِ زانوکہِ توہہِ منز چُھہ موجود پیغمبر خدا۔ تہِ مہِ آسِو اَپُز معاملہ ہیتھ تمِن نِشہِ یوان۔ اللہ تعالیٰ چُھہ تمِن اصل حالاتن پیٹھ مطلع کران۔ بیہِ چھہِ یہ تہندِہ خاطرہ پروردگارہ سنزِ بڈ نعمت۔ اَمہِ نعمتک شکر چُھہ ای زِہ تہِ مہ کرِو تمِن خلاف کُنہِ معاملس اندر اَدہ آسِ تن سُہ دنیاوی معاملے تہِ مہ تھاوِو یہِ خیال کہ تمِ کرن دنیوی معاملس اندر پانے اَنہِ رایہِ سیتی موافقت کیازِہ لَوْ يُطِيعُكُمْ فِي كَثِيرٍ مِّنَ الْأَمْرِ لَعَنِتُّمْ واریاہ کتھ چھہ تمہِ قسمچہِ آسان کہ ہرگاہ تمِن منز تمِ تہندُ مانن، توہہِ سیت موافقت کرن تمہِ سیت واتہِ توہہِ سخت ضرر وَلَٰكِنَّ اللَّهَ حَبَّبَ إِلَيْكُمُ الْإِيمَانَ وَزَيَّنَهُ فِي قُلُوبِكُمْ وَكَرَّهَ إِلَيْكُمُ الْكُفْرَ وَالْفُسُوقَ وَالْعِصْيَانَ لیکن اللہ تعالیٰ اَن بچاوِے وہ تہِ مصیبتہ نِشہِ۔ یتھ پاٹھے کہ ایمانِ کاملُک محبت کور نوہ عطا تہ حاصل کرن کورُن تہندین دِلن اندر مرغوب تہ پسندیدہ کفر تہ فِسق یعنی گناہ کبیرہ بیہ مطلق گونہن ہنز کرن توہہِ نفرت تمہِ سببہ تہِ پریتھ وقتہ چُھہ تلاش آسان نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمہ سنزِ رضامندی حاصل کرہ نک أُولَٰئِكَ هُمُ الرَّاشِدُونَ تیمِ باایمان یِم تکمیل ایمانک دلدادہ چھہ، چھہِ راہِ راستس پیٹھ فَضْلًا مِّنَ اللَّهِ وَنِعْمَةً پروردگارہ سندِہ فضلہ سیت تہ مہربانیہ سیت وَاللَّهُ عَلِيمٌ حَكِيمٌ اللہ تعالیٰ چُھہ

الْمُؤْمِنِيْنَ اقْتَتَلُوْا فَاَصْلِحُوْا بَيْنَهُمَا فَاِنْ بَغَتْ اِحْدٰىهُمَا عَلَى
الْاُخْرٰى فَقَاتِلُوا الَّتِيْ تَبْغِيْ حَتّٰى تَفِيْٓءَ اِلٰٓى اَمْرِ اللّٰهِ فَاِنْ فَآءَتْ
فَاَصْلِحُوْا بَيْنَهُمَا بِالْعَدْلِ وَاَقْسِطُوْا اِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الْمُقْسِطِيْنَ ﴿٩﴾
اِنَّمَا الْمُؤْمِنُوْنَ اِخْوَةٌ فَاَصْلِحُوْا بَيْنَ اَخَوَيْكُمْ وَاتَّقُوا اللّٰهَ لَعَلَّكُمْ
تُرْحَمُوْنَ ﴿١٠﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا يَسْخَرْ قَوْمٌ مِّنْ قَوْمٍ عَسٰٓى اَنْ
يَّكُوْنُوْا خَيْرًا مِّنْهُمْ وَلَا نِسَآءٌ مِّنْ نِّسَآءٍ عَسٰٓى اَنْ يَّكُنَّ خَيْرًا

---

وَاِنْ طَآئِفَتٰنِ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ اقْتَتَلُوْا فَاَصْلِحُوْا بَيْنَهُمَا فَاِنْ سورے زانه ون ته سیٹھاه حکمت وول بَغَتْ اِحْدٰىهُمَا عَلَى الْاُخْرٰى فَقَاتِلُوا الَّتِيْ تَبْغِيْ حَتّٰى تَفِيْٓءَ اِلٰٓى اَمْرِ اللّٰهِ بیہ ہر گاہ باایمانن ہنزہ زہ جماثر پانہ وآن لڑائے گرن تہہ کرِ و تمن منز صلح، یُس چیز باعث چھ لڑایہ ہُند سۂ کرِ وور۔ پس ہر گاہ تمو دوٖیو اَندرہ اکھ جماتھ بیس جماعتس پیٹھ زیادتی کرِہ تہہ کرو تس زیادتی کرہ ونس جماعتس سیت مقابلہ یوتان تم رجوع کرن خدایہ سندس حکمس کُن فَاِنْ فَآءَتْ فَاَصْلِحُوْا بَيْنَهُمَا بِالْعَدْلِ وَاَقْسِطُوْا اِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الْمُقْسِطِيْنَ پس ہر گاہ سو جماعتھ یمو زیادتی کرے یہ رجوع کرن خدایہ سندس حکمس کُن، ادہ کرِو تمن منز اصلاح عدل و انصافہ سیت بیہ آسِو پریتھ معاملس اندر عدل و انصافک خیال تھاوان بے شک اللہ تعالیٰ آس چھ عدل کرہ ونے بندہ ٹاٹھِ۔ اسِ یُس توہہِ اصلاحک حکم کور امیک وجہ چھ کہ اِنَّمَا الْمُؤْمِنُوْنَ اِخْوَةٌ فَاَصْلِحُوْا بَيْنَ اَخَوَيْكُمْ وَاتَّقُوا اللّٰهَ لَعَلَّكُمْ تُرْحَمُوْنَ باایمان چھ دینس منز اشتراک آسنہ سببہ پانہ وانے بائے۔ یمن اندر چھ یہ اشتراک فی الدین نسب معنویاہ اکھ۔ پس کرِو تہہ اصلاح پنہ ین بائن منز۔ بیہ کھوژِو اللہ تعالیٰ اس کانسہِ ہنز طرف دارٖی کرہ نس یا انتقامی جذبس کام ہینس اندر، یتھ توہہِ پیٹھ رحم بیہ کرنہ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا يَسْخَرْ قَوْمٌ مِّنْ قَوْمٍ اے باایمانو توہہِ منزہ مہ آین کانہہ مرد مردن پیٹھ اسان تہ ٹھٹھہ کران عَسٰٓى اَنْ يَّكُوْنُوْا خَيْرًا مِّنْهُمْ وَلَا نِسَآءٌ مِّنْ نِّسَآءٍ عَسٰٓى اَنْ يَّكُنَّ خَيْرًا مِّنْهُنَّ شاید ما آسن ٹھٹھہ کرہ وٖنین ہندِہ خوتہ تمے یمن ٹھٹھہ چھ یوان کرنہ بہتر تہ

مِّنْهُنَّ ۚ وَلَا تَلْمِزُوْٓا اَنْفُسَكُمْ وَلَا تَنَابَزُوْا بِالْاَلْقَابِ ۭ بِئْسَ الِاسْمُ
الْفُسُوْقُ بَعْدَ الْاِيْمَانِ ۚ وَمَنْ لَّمْ يَتُبْ فَاُولٰۗىِٕكَ هُمُ الظّٰلِمُوْنَ ﴿١١﴾
يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اجْتَنِبُوْا كَثِيْرًا مِّنَ الظَّنِّ ۡ اِنَّ بَعْضَ الظَّنِّ
اِثْمٌ وَّلَا تَجَسَّسُوْا وَلَا يَغْتَبْ بَّعْضُكُمْ بَعْضًا ۭ اَيُحِبُّ اَحَدُكُمْ اَنْ يَّاْكُلَ
لَحْمَ اَخِيْهِ مَيْتًا فَكَرِهْتُمُوْهُ ۭ وَاتَّقُوا اللّٰهَ ۭ اِنَّ اللّٰهَ تَوَّابٌ رَّحِيْمٌ ﴿١٢﴾

---

افضل خدا ايس نشيءِ ـ بيہ مہ آہن زنانہ ٺٺوليون ڪران ٻين زنانن کيا ڙهه شايد ٺٺوليون ڪرڻ وارين زنانن هندهه خوته ما آهن تهي زنانه بهتر تہ افضل خدا ايس نشيءِ تمن ٺٺوليون پڇه يوان ڪرنہ وَلَا تَلْمِزُوْٓا اَنْفُسَكُمْ بيهِ مہ آسو اَے مردو تہ اے زنان اکھ اَڳس طعنہ ڏوان تہ عاب ڙاران وَلَا تَنَابَزُوْا بِالْاَلْقَابِ بيهِ مہ آسو آکھ اَڳس ناو تہ ريڙھ کڈان بِئْسَ الِاسْمُ الْفُسُوْقُ بَعْدَ الْاِيْمَانِ ايمانہ پتہ گونهک ناو لڳن پڇه سيٺاه پڇھ ـ يعني يُس پيس شخص ريڙھ کڈه سہ پڇه پانہ گونھگار سپدان ـ تہ پڇهنہ با ايمانہ سندهِ خاطره جان يا پڇه مراد اَمهِ منزه که يلهِ کانسہ ايمان اونمت آسہِ گونهو نشيءِ توبہ کورمت آسہِ تس گرڇهن نہ پامہ ڏينہ برو ٺهمن ڪتهن تہ کامين هنزه ـ يا آسہِ کانهہ شخصاه، تس آسہِ پيدائشي کانهہ عاباه تس تہ گرڇهن نہ تميک طعنہ ڏينے تهه منز کياه پڇه تم سُند قصور ـ سہ پڇه تيٿهے يُنهه ڪرالن تهور ـ تهه چيزس تمس طعنہ ڏيُن پڇه بے عقلي وَمَنْ لَّمْ يَتُبْ فَاُولٰۗىِٕكَ هُمُ الظّٰلِمُوْنَ تم لوکھ نہ تمو چيزو نشيءِ توبہ ڪرن تمِ پڇهہِ ظلم ڪره وِنيو اَندره يعني حقوق العباد تلف تہ ضايع ڪره ونيو اَندره يُس سزا ظالمن ييہ ڏنہ سے سزا ييہ تمن تہ ڏنہ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اجْتَنِبُوْا كَثِيْرًا مِّنَ الظَّنِّ اے با ايمانو پنهه روزو گمانو نشيءِ اِنَّ بَعْضَ الظَّنِّ اِثْمٌ کيا ڙهه بعضے گمانہ پڇه گوناه آسان وَّلَا تَجَسَّسُوْا ڙرڙان مہ آسو کانسہِ يعني کانسہ اکِ سندين حالاتن درپے مہِ آسو روزان وَلَا يَغْتَبْ بَّعْضُكُمْ بَعْضًا نہ آسن توهہِ اَندره اَڈي اَڈين هنز غيبت گران نہ عاب گنزران اَيُحِبُّ اَحَدُكُمْ اَنْ يَّاْكُلَ لَحْمَ اَخِيْهِ مَيْتًا کياه توهہِ اَندره ڇهاکانهہ يُس پننہ تس مُرده بائي سُند ماز کهيتهه هيکہ فَكَرِهْتُمُوْهُ اِڄ پڇه توهہِ يقيناً نفرت اَسِتهے غابتهه ڪرن کتهه پاٺھ پڇه توهہِ پسند ـ ييہ تہِ گواکہِ قسمہ موگر تہ مُرده

**يٰٓاَيُّهَا النَّاسُ اِنَّا خَلَقْنٰكُمْ مِّنْ ذَكَرٍ وَّاُنْثٰى وَجَعَلْنٰكُمْ شُعُوْبًا وَّقَبَآئِلَ لِتَعَارَفُوْا ۚ اِنَّ اَكْرَمَكُمْ عِنْدَ اللّٰهِ اَتْقٰىكُمْ ۚ اِنَّ اللّٰهَ عَلِيْمٌ خَبِيْرٌ ﴿١٣﴾ قَالَتِ الْاَعْرَابُ اٰمَنَّا ۚ قُلْ لَّمْ تُؤْمِنُوْا وَلٰكِنْ قُوْلُوْٓا اَسْلَمْنَا وَلَمَّا يَدْخُلِ الْاِيْمَانُ فِيْ قُلُوْبِكُمْ ۚ وَاِنْ تُطِيْعُوا اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ لَا يَلِتْكُمْ**

---

ماز کھیون۔ اَڇ تہ گڏهہِ توهہِ نفرت آسن مُشابُهتک وَجہ ڇُهہ یو ہے کہ جیئن پاڻ بأی سُند ماز کھیون تِس بأی سندہ تکلیفُک باعِث ڇُهہ بنان تیئن پاڻ ڇهہ تسنز آبروریزی تہ تهندہ خاطرہ تکلیفُک باعثِ بنان۔ اگرچہ غأیبانہ تهنزہ نامرغوب کتھ پھرنہ سیت ڇھنہ تِس تکلیف واتان مگر درذاتِ خود ڇُهہ یہ اَمر سخت تکلیف دِہ۔ اَمی سببہ فرموٗد کھ مشبہ بہ آسنس اندر لفظِ مَیتاً **وَاتَّقُوا اللّٰهَ** کھوژو اللہ تعالیٰ اَس، کانسہِ هنز غأبتھ کرنی ترأوِو، تمہِ نشہِ کرو توبہ **اِنَّ اللّٰهَ تَوَّابٌ رَّحِيْمٌ** بے شک اللہ تعالیٰ ڇُهہ سیٹھا توبہ قبول کرہ وُن تہ سیٹھاہ رحم کرہ وُن **يٰٓاَيُّهَا النَّاسُ اِنَّا خَلَقْنٰكُمْ مِّنْ ذَكَرٍ وَّاُنْثٰى وَجَعَلْنٰكُمْ شُعُوْبًا وَّقَبَآئِلَ لِتَعَارَفُوْا** اے لوکو ژهہ سأری کرِو أسہِ پادہ اَکِس مرٕدِس تہ آکِس زنانہِ نشہِ یعنے آدم علیہ السلام تہ حوا علیہا السلامَس نشہِ۔ اَتھ منز ڇھوٗ ژهہ سأری برابر توپتہ تیٚتھ کتھ منز فرق ڇُهہ توهہِ اندر سوٗ گیہ یہ ہے کہِ اَسہِ کٔر توهہ اندر مختلف قوم تہ مختلف قبیلہ تہ خاندان۔ تہِ ڇُهہ محض یمہِ کتھہِ خاطرہ یُتھ تُهہ اکھ اَکِس پرزہناوٗ تھ ہیکو۔ اکھ اَکِس پیٹھ فخر کرنہ تہ تھیکنہ خاطرہ نہ۔ پریتھ اَکِس ڇُهہ بوڈ فخر شوٗنت تہ پرہیز گار آسُن **اِنَّ اَكْرَمَكُمْ عِنْدَ اللّٰهِ اَتْقٰىكُمْ** بے شک توهہِ اَندرہ ڇُهہ زیادہ عزت وول خدایس نشہِ سُے یُس زیادہ شوٗنت تہ پرہیز گار آسہِ **اِنَّ اللّٰهَ عَلِيْمٌ خَبِيْرٌ** بے شک اللہ تعالیٰ اَس ڇُهہ پریتھ اکِس سنزہ پرہیز گاری هنز پور خبر۔ تِس ڇُهہ پور علم کُس کیُتھ ڇُهہ **قَالَتِ الْاَعْرَابُ اٰمَنَّا ۚ قُلْ لَّمْ تُؤْمِنُوْا وَلٰكِنْ قُوْلُوْٓا اَسْلَمْنَا وَلَمَّا يَدْخُلِ الْاِيْمَانُ فِيْ قُلُوْبِكُمْ** یِم بعض دیہی لُکھ بنی اَسَد وغیرہ ڇھہِ ونان توهہِ نشہِ حاضر سپدِ تھ کہِ أسہِ اون ایمان مگر یہ ڇھہِ تمِ وَٹھے وَنان، دِلس ڇھکھنہ اَڇ پڑھاہ کینہہ تہِ، تُہی فرماویو کھ اے لوکو توهہِ اونوٗ نہ ونہِ ایمان کیازِہ تمِک آثار ڇھنہ توهہِ منز بیہ ڇُهہ ایمان موقوف تصدیقِ قلبس پیٹھ۔ لیکن تُهہ وَنوٗکہِ وونِ سپدے اَسِ مطیع یمہِ معنیہ کہِ وونِ ترأو أسہِ مخالفت کرن۔ وُنہِ گژھہِ سُپد ایمان داخل تهندین دلن اندر۔ لہٰذا منہ کرِو

مِّنْ اَعْمَالِكُمْ شَيْـًٔا ؕ اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿۱۴﴾ اِنَّمَا الْمُؤْمِنُوْنَ الَّذِيْنَ
اٰمَنُوْا بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ ثُمَّ لَمْ يَرْتَابُوْا وَجٰهَدُوْا بِاَمْوَالِهِمْ وَ
اَنْفُسِهِمْ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ؕ اُولٰٓئِكَ هُمُ الصّٰدِقُوْنَ ﴿۱۵﴾ قُلْ
اَتُعَلِّمُوْنَ اللّٰهَ بِدِيْنِكُمْ ؕ وَاللّٰهُ يَعْلَمُ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا
فِي الْاَرْضِ ؕ وَاللّٰهُ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ ﴿۱۶﴾ يَمُنُّوْنَ عَلَيْكَ اَنْ اَسْلَمُوْا ؕ
قُلْ لَّا تَمُنُّوْا عَلَيَّ اِسْلَامَكُمْ ۚ بَلِ اللّٰهُ يَمُنُّ عَلَيْكُمْ اَنْ

---

تُہہ ایمانک دعوے وَاِنْ تُطِيْعُوا اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ لَا يَلِتْكُمْ مِّنْ اَعْمَالِكُمْ شَيْـًٔا اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ہرگاہ ونیِ تہٕ تُہہ فرماں برداری کرِو خدایہ سنز تہٕ تہندِس پیغمبرہ سنز سارے کتھ مانہٕ سیت، یعنے دلہ سیت کرِو پزٕ سٕہ کرِہٕ نہٕ تُہنزن عملن ہنزہ مزورہٕ اندر کُنہِ قسمہ کمی کیازِ بے شک اللہ تعالیٰ چُھ سیٹھاہ مغفرت کرن وول، سیٹھاہ رحم کرن وول۔ وون بوزِو تہٕ کہ بایمانِ کامل کم گئے۔ اِنَّمَا الْمُؤْمِنُوْنَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ ثُمَّ لَمْ يَرْتَابُوْا وَجٰهَدُوْا بِاَمْوَالِهِمْ وَاَنْفُسِهِمْ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ اُولٰٓئِكَ هُمُ الصّٰدِقُوْنَ بایمان گئے تِم یموپزٕ کرِکِنس خدایس بیہ تہندِس پیغمبرس۔ تو پتہٕ کو رکھ نہٕ ساری عُمرہ کُنہِ قسمہ شک تہٕ تردّد بیہ تِجِھ خدایہ سنزہ وتہٕ اندر مال وجانہ سیت محنت یعنے دینہ خاطرہ یتھ منز جہاد وغارہ کامہ تہٕ آیہ تِم کیاہ گئے پزی زیارٕ آمناونہٕ نس اندر قُلْ اَتُعَلِّمُوْنَ اللّٰهَ بِدِيْنِكُمْ وَاللّٰهُ يَعْلَمُ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ وَاللّٰهُ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ تُہی فرماوِیو کھ یارسول اللہ اے لوکو تُہہ چھوہ خدایس پننہٕ دین قبول کرنچ خبر وَنان۔ حالانکہ اللہ تعالیٰ چُھ تہٕ سورے زانان بیہ آسمانن تہٕ زمینن منز چھ۔ بیہ چُھ اللہ تعالیٰ تمہِ علاوہ پرتھ چیزاہ پور زانان پروردگارس بیہ تُہہ متعلق معلوم چُھ تہٕ چُھ یہی زِہ تُہہ چھوہ حقیقتاً بے ایمانِ محض تُہہ چھوہ زیوٕ سیت ایمانِ جتلاوان يَمُنُّوْنَ عَلَيْكَ اَنْ اَسْلَمُوْا قُلْ لَّا تَمُنُّوْا عَلَيَّ اِسْلَامَكُمْ بَلِ اللّٰهُ يَمُنُّ عَلَيْكُمْ اَنْ هَدٰىكُمْ لِلْاِيْمَانِ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ توہِ پیٹھ چُھہ تِم لوکھ احسان تھاوان پننہِ اسلام قبول کرنہٕ سیت۔ ونان چھِ کہ اَسِ سپد مسلمان لڑائی تہٕ قضیہ کرنہٕ ورائی، بیہ لوکھ سپد مسلمان

هَدٰىكُمْ لِلْاِيْمَانِ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ﴿١٧﴾ اِنَّ اللّٰهَ يَعْلَمُ
غَيْبَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ وَاللّٰهُ بَصِيْرٌۢ بِمَا تَعْمَلُوْنَ ﴿١٨﴾ ع

---

سيٺاهه پريشاني ڪرٿي - يه گهڻي سيٺاهه گستاخي. جنهن فرمايو ته يا رسول الله اي لوڪو ميه پيٺ منهن ٿاو پنهنجي مسلمان سپڊنه سيت منت ته احسان قطع نظر ڪرتي تنهنجي گستاخي نشه، تهندي اسلام أنه سيت ڪياه نفع ته فائده ووت ميه ته تهندي اسلام نه أنه سيت ڪياه ضرراوس ميه. هر گاه تهنه پزيار آسو تيله ڇهو اميڪ نفع آخر تس منز توهه پائس. دنيوي نفع ڪه تهنه ڪيا بچه وه قتل و قيده نشهِ، يه ته ڇهه توهه پائس. ميه پيٺ احسان ٿاوُن گو محض جهل بلڪه ڇهه الله تعالىٰ سنز توهه پيٺ بڊمنّت ته بوڊ احسان ڪهِ تمي هاوه توهه ايمانس ڪن وته، هر گاه تهنه پوزونان ڇهوه اِنَّ اللّٰهَ يَعْلَمُ غَيْبَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَاللّٰهُ بَصِيْرٌۢ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بيشڪ الله تعالىٰ ڇهه زانان آسمانن ته زمينن هنزه پوشيده ڪته. بيه ڇهه سه وڇهان واره ته سوري يه تهنه ڪران ڇهوه. تمي موجب دي وه سه توهه جزاء. تس برونٹھ ڪنهِ اپزه منز ه ڪته ڪرنه اندره ڪياه فائده ڇهه.






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ ○

قٓ ۚ وَالْقُرْاٰنِ الْمَجِیْدِ ۝۱ بَلْ عَجِبُوْٓا اَنْ جَآءَهُمْ مُّنْذِرٌ مِّنْهُمْ
فَقَالَ الْكٰفِرُوْنَ هٰذَا شَیْءٌ عَجِیْبٌ ۝۲ ءَاِذَا مِتْنَا وَكُنَّا تُرَابًا ۚ
ذٰلِكَ رَجْعٌۢ بَعِیْدٌ ۝۳ قَدْ عَلِمْنَا مَا تَنْقُصُ الْاَرْضُ مِنْهُمْ ۚ وَعِنْدَنَا
كِتٰبٌ حَفِیْظٌ ۝۴ بَلْ كَذَّبُوْا بِالْحَقِّ لَمَّا جَآءَهُمْ فَهُمْ فِیْٓ اَمْرٍ مَّرِیْجٍ ۝۵

---

قٓ یہِ حرف چُھہ حروفِ مقطعاتو منٛدرہ۔ امیک علم چُھہ خدایس وَالْقُرْاٰنِ الْمَجِیْدِ تمہِ قرآن مجیدچ درے یتھ مجدو شرف چُھہ بین کتابن پیٹھ کہ اسہِ سوزِوہتھہ قیامتکہ عذابہ سیت لوکن کھوژناونہ خاطرہ مگر تمو لوکو مون نہ تہند بَلْ عَجِبُوْٓا اَنْ جَآءَهُمْ مُّنْذِرٌ مِّنْهُمْ بلکہ سپُد تمن تعجب یتھ کتھ پیٹھ کہِ کتھہ پاٹھ آو تموے منزہ اکھ شخصاہ یُس بشر چُھہ، بیم کرہ ڈن پیغمبر، تمِ تمی قیامتکہ دوہہ سیت کھوژہ ناوی فَقَالَ الْكٰفِرُوْنَ هٰذَا شَیْءٌ عَجِیْبٌ اتھ پیٹھ لگی وننہِ کافر کہِ یہِ چُھہ اکھ عجیب قصاہ گوڈہ نی چُھہ بشرہ سُند پیغمبر بنت ین عجیب توپتہ تم سُند یہ وُن کہ مرنہ پتہ ییو تھہ بیہِ زِندہ کرنہ ءَاِذَا مِتْنَا وَكُنَّا تُرَابًا ذٰلِكَ رَجْعٌۢ بَعِیْدٌ کیاہ یلہِ اَسِ مرو توپتہ سپدو اَسی میژہ سیت میژ کیاہ توپتہ یموہ اَسِ بیہِ دوبارہ قیامتک دوہ زِندہ کرنہ۔ یہ دوبارہ بیہِ زندہ سپدن چُھہ عقلہِ نشہِ تہ امکانہ نشہِ سیٹھا دور۔ اَمہِ دعوائے محالہ سیت چُھہ بیہِ ہن پیغمبری ہُند دعوائے کمزور سپدان۔ اللہ تعالیٰ چُھہ اِمکانہ کہ ثبوتہ خاطرہ فرماں وان کہ امکانہ نشہِ کیازِہ چُھہ بعید۔ ہر گاہ محل ہنزہ نا قابلِ حیات آسنہ موکھ چُھہ تہندِہ خیالہ تہِ چُھہ یہ بالکل باطِل کیازِہ محلِ اندر چُھہ حیات بالفعل موجود۔ ہر گاہ باعتبارِ فاعِل چُھہ یہ نا ممکن کہ اللہ تعالیٰ اَس کیاہ چُھہ نہ اجزاء میّتن ہُندِ علم یا کیا چُھس نہ تصرفس پیٹھ قدرت، سانہِ علمک شان تہ حال چُھہ یتھ کہ قَدْ عَلِمْنَا مَا تَنْقُصُ الْاَرْضُ مِنْهُمْ وَعِنْدَنَا كِتٰبٌ حَفِیْظٌ اَسہِ چُھہ معلوم کہ کم کم اجزا چُھہ زمین موردن نشہِ کم کران تہ کھیوان،

أَفَلَمْ يَنظُرُوٓا۟ إِلَى ٱلسَّمَآءِ فَوْقَهُمْ كَيْفَ بَنَيْنَٰهَا وَزَيَّنَّٰهَا وَمَا لَهَا
مِن فُرُوجٍ ۝٦ وَٱلْأَرْضَ مَدَدْنَٰهَا وَأَلْقَيْنَا فِيهَا رَوَٰسِىَ وَأَنۢبَتْنَا
فِيهَا مِن كُلِّ زَوْجٍۭ بَهِيجٍ ۝٧ تَبْصِرَةً وَذِكْرَىٰ لِكُلِّ عَبْدٍ مُّنِيبٍ ۝٨
وَنَزَّلْنَا مِنَ ٱلسَّمَآءِ مَآءً مُّبَٰرَكًا فَأَنۢبَتْنَا بِهِۦ جَنَّٰتٍ وَحَبَّ ٱلْحَصِيدِ ۝٩

رُوح چھُہ موجود اَتھے یلہِ اَسِ یژھو ہیہ پادہ گرن، تم ساری چیز کرو کھ اَسِ ہیہ جمع، یہ کتھ چھنہ کہ اسہِ کیاہ چھہ از تمن اجزان ہنز خبر بلکہِ سون علم چھُہ تمن اجزاءن متعلق قدیم۔ چنانچہ اسہِ چھہِ تمن اجزاءن ہند ساری حالات درج کری مت اکس کتابہِ اِندر یتھ ناو چھُہ لوح محفوظ سو کتاب چھہ اَسہِ نشہِ از تان برابر محفوظ، یتھ منز مورَدن ہندین اجزاءن ہنز جای، مقدار تہ ساری صفت موجود چھہ۔ مگر یم لوکھ کرن توتہِ اتھ اندر تعجب بلاوجہ بَلْ كَذَّبُوا۟ بِٱلْحَقِّ لَمَّا جَآءَهُمْ فَهُمْ فِىٓ أَمْرٍ مَّرِيجٍ یہ کتھ چھنہ یوسہِ تم ونان چھہِ بلکہِ چھُہ حقیقت یہِ تمو کور انکار پزِس یلہِ تمن نشہِ پُوز ووت غور تہ فکر کرنہ ورأے۔ پَس چھہِ تم وَلنہ آمتی اَکس پیچیدہ معاملس اَندر۔ کُنہِ وقتہ چھہِ تعجب کران تہ کُنہِ وقتہ چھہِ انکار کران سانہِ قدرتک شان چھُہ بالکل ظاہر أَفَلَمْ يَنظُرُوٓا۟ إِلَى ٱلسَّمَآءِ فَوْقَهُمْ كَيْفَ بَنَيْنَٰهَا وَزَيَّنَّٰهَا وَمَا لَهَا مِن فُرُوجٍ کیاہ وچھان چھنا تم لوکھ یم قیامتس نتہ مرنہ پتہ ہیہ زندہ سپدنس انکار چھہِ کران آسمانس کُن یُس تمن پیٹھی کنِ چھُہ، کتھ پاٹھی

بنوو اَسہِ سہ تھود تہ بلند، کتھ پاٹھی دیُت اَسہِ تتھ زینت ستارو سیت۔ ہیہ چھنہ تتھ غایت درجہ مضبوط آسنہ موکھ کُنہِ جایہِ کانہہ کھر چِھہاہ تہ پھراٹھاہ وَٱلْأَرْضَ مَدَدْنَٰهَا وَأَلْقَيْنَا فِيهَا رَوَٰسِىَ وَأَنۢبَتْنَا فِيهَا مِن كُلِّ زَوْجٍۭ بَهِيجٍ ہیہ چھُہ زمینس منز سانِ یہ قدرت ظاہر کہ سہ زمین وہر وو اَسہِ۔ ہیہ ترأو اَسہِ تتھ پیٹھ کوہ بارہ خاطرہ لنگرہی ہیہ کھاری اَسہِ تمہِ زمینہ اَندرہ پیٹھ قسمی خوشنما چیز ہیہ سوُرے کور اَسہِ تَبْصِرَةً وَذِكْرَىٰ لِكُلِّ عَبْدٍ مُّنِيبٍ عبرت تہ بینائی دانائی ہُند اکھ ذریعاہ اَسہِ کُن رجوع کرہ وُنس پرتھ بندہ سندہِ خاطرہ وَنَزَّلْنَا مِنَ ٱلسَّمَآءِ مَآءً مُّبَٰرَكًا فَأَنۢبَتْنَا بِهِۦ جَنَّٰتٍ وَحَبَّ ٱلْحَصِيدِ ہیہ چھُہ سانِ قدرت ظاہر تمہِ سیت کہِ تروو اَسہِ آسمانہِ طرفہ برکتہ وول رود تو پتہ کھار اَسہِ تمی سیت باغ ہیہ تمِ پھل تہ

وَالنَّخْلَ بٰسِقٰتٍ لَّهَا طَلْعٌ نَّضِيْدٌ ﴿۱۰﴾ رِّزْقًا لِّلْعِبَادِ ۙ وَاَحْيَيْنَا بِهٖ
بَلْدَةً مَّيْتًا ؕ كَذٰلِكَ الْخُرُوْجُ ﴿۱۱﴾ كَذَّبَتْ قَبْلَهُمْ قَوْمُ نُوْحٍ وَّاَصْحٰبُ
الرَّسِّ وَثَمُوْدُ ﴿۱۲﴾ ۙ وَعَادٌ وَّفِرْعَوْنُ وَاِخْوَانُ لُوْطٍ ﴿۱۳﴾ ۙ وَّاَصْحٰبُ
الْاَيْكَةِ وَقَوْمُ تُبَّعٍ ؕ كُلٌّ كَذَّبَ الرُّسُلَ فَحَقَّ وَعِيْدِ ﴿۱۴﴾
اَفَعَيِيْنَا بِالْخَلْقِ الْاَوَّلِ ؕ بَلْ هُمْ فِيْ لَبْسٍ مِّنْ خَلْقٍ جَدِيْدٍ ﴿۱۵﴾ ع

---

غلاتھ یمِ لونہ چھِ یوان وَالنَّخْلَ بٰسِقٰتٍ لَّهَا طَلْعٌ نَّضِيْدٌ بیہ کھار تمہ ستھ اَسہِ زیٹھ زیٹھ خجر کُلِ یمن ہندی گرٕن پیو ٹھس پیٹھ اَکس سیت وٹھتھ چھِ آسان رِّزْقًا لِّلْعِبَادِ پنہ نین بندن رِزق دنہ خاطرہ وَاَحْيَيْنَا بِهٖ بَلْدَةً مَّيْتًا كَذٰلِكَ الْخُرُوْجُ بیہ کور اَسہِ تمی رودہ سیت زندہ مومت زمین۔ تتھے پاٹھ کیاہ نیرٕن قیامتک دوہ زمینہ منزٕ سارِی لوکھ یلہِ یمن بڑین چیزن پیٹھ سان قدرت ثابت سپزٕ مورٕدہ زِندہ کرہ نس پیٹھ گژھنا اَسہِ قدرت آسنِ۔ پس یلہ مقدور ممکن بیہ فاعل عالم صاحب قدرت آسہِ اتھ صورتس منز کیاہ یہ چھُ تعجب و تکذیب کرہ نک موقعہ كَذَّبَتْ قَبْلَهُمْ قَوْمُ نُوْحٍ وَّاَصْحٰبُ الرَّسِّ وَثَمُوْدُ یتھ پاٹھ مکہ کیو کافرو قیامتس انکار کورتتھے پاٹھی چھُ انکار کورمُت یمن برونٹھ نوح علیہ السلامہ سند قومَن بیہ کیر والیو بیہ قوم ثمودَن وَعَادٌ وَّفِرْعَوْنُ وَاِخْوَانُ لُوْطٍ بیہ کور انکار قوم عادَن، بیہ فرعونہ سند قومن بیہ قوم لوطن وَّاَصْحٰبُ الْاَيْكَةِ وَقَوْمُ تُبَّعٍ بیہ کلبن تل روزہ وینو لوکو۔ بیہ تبّع سند قومَن۔ كُلٌّ كَذَّبَ الرُّسُلَ یمو سارِوے کور پنہ نس پنہ نس پیغمبرس توحید ورسالتس، بیہ قیامتس اِنکار فَحَقَّ وَعِيْدِ پس سپدٕ تہندِ حقہ عذابک وعدہ برابرتہ محقق۔ تتھے پاٹھی سپدن یم منکرتہ عذابس گرفتار۔ دُنیاہس اندرتہِ، آخرتس اندرتہ یا صرف آخرتس اندر یقینا اَفَعَيِيْنَا بِالْخَلْقِ الْاَوَّلِ بَلْ هُمْ فِيْ لَبْسٍ مِّنْ خَلْقٍ جَدِيْدٍ کیاہ سَنا اَسِ تھکہِ مخلوقات گوڈنچہِ لٹہ پادہ کرنہ سیت کہ وونِ کیاہیکو کھ نہ قیامتک دوہ بیہ دُبارہ پادہ کرتھ یمِ اتھ انکار کران چھِ تمن نشہ چھنہ کانہہ دلیلاہ بلکہ چھِ یمِ لوکھ دُبارہ پادہ کرنہ کِس شکس اندر مُبتلا سپدی مت یُس نہ دلائلن مقابلہ قابلِ التفات چھُ۔ پیٹھ آو بیان کرنہ کہ

وَلَقَدْ خَلَقْنَا الْإِنْسَانَ وَنَعْلَمُ مَا تُوَسْوِسُ بِهٖ نَفْسُهٗ ۖ وَنَحْنُ أَقْرَبُ
إِلَيْهِ مِنْ حَبْلِ الْوَرِيدِ ﴿۱۶﴾ إِذْ يَتَلَقَّى الْمُتَلَقِّيَانِ عَنِ الْيَمِينِ وَعَنِ
الشِّمَالِ قَعِيدٌ ﴿۱۷﴾ مَا يَلْفِظُ مِنْ قَوْلٍ إِلَّا لَدَيْهِ رَقِيبٌ عَتِيدٌ ﴿۱۸﴾ وَ
جَآءَتْ سَكْرَةُ الْمَوْتِ بِالْحَقِّ ۭ ذٰلِكَ مَا كُنْتَ مِنْهُ تَحِيدُ ﴿۱۹﴾ وَنُفِخَ

---

مرنہ پتہ بیہِ زندہ سپدنُک اِمکان چھُ ثابت برونٹھ چھُ بیان یوانِ کرنہ تمُیک وقوع چُو نکہِ تمکہِ وقوعُک غایت یعنے مجازات چھُ موقوف یتھ پیٹھکہ جزاء دوہ وِنس گرٛشھِ اعمالن ہُند علم تہ عاملس پیٹھ قدرت آسنِ۔ لہذا چھُ گوڈہ تی بیان یوان کرنہ وَلَقَدْ خَلَقْنَا الْإِنْسَانَ وَنَعْلَمُ مَا تُوَسْوِسُ بِهٖ نَفْسُهٗ تحقیق اَسہِ کور پاَدہ بیہِ انسان یوسہ بڈ دلیل چھُ سانِس قدرتس پیٹھ بیہِ چھُ اَسہِ معلوم تم سَندِ س دِلس منز کم کم خیالات چھِ یوان تم سنزہ زیوِہ پیٹھ یا تانو سیت یمہ کتھ کامہ لبنہ یوان چھُ تمہِ تہ چھِ اَسی بدرجہ اولی زانان۔ بیہِ چھُ اَسہِ تھندین احوالن ہُند تتھے علم کہ تَس چھُنہ پانَس تہ تمن احوالن ہُند تیوت علم پس چھِ اَسی انسانس باعتبارِ علم قریب بلکہ اقرب وَنَحْنُ أَقْرَبُ إِلَيْهِ مِنْ حَبْلِ الْوَرِيدِ بلکہ چھِ اَسی زیادہ قریب اُمس انسانس گردنہِ ہنزِہ شہ رگہِ خوتہ یمہ رگہِ ہندِہ ژٹنہ سیت انسان ختم چھُ سپدان إِذْ يَتَلَقَّى الْمُتَلَقِّيَانِ عَنِ الْيَمِينِ وَعَنِ الشِّمَالِ قَعِيدٌ یمن لوکن کرِو بیان یلہ زہ رٹن والی ملٲیکھ چھِ اُمس انسانہ سنزہ عملہ ضبط کران تہ رٹان یمہ عملہ تہ کامہِ تَس نشہِ چھُ صادِر سَپدان تہ لبنہ یوان تِمے ملٲیکھ چھِس اکھ دچھنہِ طرفہ تہِ بیاکھ کھو فرِہ طرفہ بِہتھ آسان مَا يَلْفِظُ مِنْ قَوْلٍ إِلَّا لَدَيْهِ رَقِيبٌ عَتِيدٌ بیہِ انسان چھُنہ اَسہِ منزہ کانہہ کتھاہ کڈان کانہہ لفظاہ وَنان مگر تانِ چھہ تس نشہِ سانِ راچھ تہ نگرانی کرن وول سُہ لفظ لیکھنہ خاطرہ تیار آسان۔ سُہ ہر گاہ نیکی ہنز کام آسہِ کران تیلہِ چھُو سو کام دچھنہِ طرفُک ملٲیکھ لیکھان۔ اگر بدی ہنز کام آسہِ کران تیلہِ چھہ سو کام کھوفرہ طرفُک ملٲیکھ لیکھان وَجَآءَتْ سَكْرَةُ الْمَوْتِ بِالْحَقِّ بیہِ آسہِ مَوتچ سختی نزدیک حقیقتاً یعنے پرٛیتھ شخص چھُ موت قریب ذٰلِكَ مَا كُنْتَ مِنْهُ تَحِيدُ تمہِ ساتہ کیاہ بیہِ وَننہ اُمس انسانس یوسے کیاہ گوو سُہ موت یمہِ نشہِ ژہ ژلان اوسُکھ وَنُفِخَ فِي الصُّورِ ۚ ذٰلِكَ يَوْمُ الْوَعِيدِ بیہِ

فِي الصُّوْرِ ۭ ذٰلِكَ يَوْمُ الْوَعِيْدِ ﴿٢٠﴾ وَجَاۗءَتْ كُلُّ نَفْسٍ مَّعَهَا سَاۗىِٕقٌ
وَّشَهِيْدٌ ﴿٢١﴾ لَقَدْ كُنْتَ فِيْ غَفْلَةٍ مِّنْ هٰذَا فَكَشَفْنَا عَنْكَ غِطَاۗءَكَ
فَبَصَرُكَ الْيَوْمَ حَدِيْدٌ ﴿٢٢﴾ وَقَالَ قَرِيْنُهٗ هٰذَا مَا لَدَيَّ عَتِيْدٌ ﴿٢٣﴾ ۭ
اَلْقِيَا فِيْ جَهَنَّمَ كُلَّ كَفَّارٍ عَنِيْدٍ ﴿٢٤﴾ ۙ مَّنَّاعٍ لِّلْخَيْرِ مُعْتَدٍ مُّرِيْبِۨ ﴿٢٥﴾
الَّذِيْ جَعَلَ مَعَ اللّٰهِ اِلٰـهًا اٰخَرَ فَاَلْقِيٰهُ فِي الْعَذَابِ الشَّدِيْدِ ﴿٢٦﴾
قَالَ قَرِيْنُهٗ رَبَّنَا مَآ اَطْغَيْتُهٗ وَلٰكِنْ كَانَ فِيْ ضَلٰلٍۢ بَعِيْدٍ ﴿٢٧﴾ قَالَ

---

یہِ دوٚہمہِ پھِرہ پھوکھ دِنہ پوٚغس منز ہمہِ سیت ساری یہِ زِندہ گژھن یوٚہے دوہ کیاہ گووو عیدک ہمہِ سیت لوکھ آس کھوژہ ناونہ یوان وَجَاۗءَتْ كُلُّ نَفْسٍ مَّعَهَا سَاۗىِٕقٌ وَّشَهِيْدٌ یہِ یہِ تمہِ دوہہٚ پرتھ اکھاہ میدانِ محشرس منز سیت آسیس اکھ ملٲکھ پکناونہ خاطرہ، بیاکھ ملٲکھ اُمہ سنزن کامین ہند گواہ تہٕ شاہد۔ حدیث شریفس منز چھُ کہِ یم زہ ملٲکھ آسن تِمے یِم دنیاہس منز اَمہ سنزہ رژہ تہٕ بچھ عملہ لیکھان آسن یم کافر آسَن تمن یہِ وَنہ لَقَدْ كُنْتَ فِيْ غَفْلَةٍ مِّنْ هٰذَا فَكَشَفْنَا عَنْكَ غِطَاۗءَكَ فَبَصَرُكَ الْيَوْمَ حَدِيْدٌ تحقیق اے اِنسانہ ژہ اوسکھ ازکہِ دوہہِ نِشہِ غفلتس منز پیومُت۔ ازکیا تل اَسہِ ژٕہِ نِشہِ ٹھور تہٕ پردہ۔ وونِ چھُہ چانِ نظر از تیز۔ اے کاش دُنیاہس منز تہٕ ہے یہ غفلت تراوِمژ آسہِ ہی، ازماییہِ ہایہ روزِ بد پیش وَقَالَ قَرِيْنُهٗ هٰذَا مَا لَدَيَّ عَتِيْدٌ یہِ دپس سہ ملٲکھ یُس اَمِ سنزہ عملہ لیکھتھ تھوان اوس یکیا چھُہ اُمی سُند نامہ اعمال میہ نِش مکمل پاٹھی تیار اَلْقِيَا فِيْ جَهَنَّمَ كُلَّ كَفَّارٍ عَنِيْدٍ * مَّنَّاعٍ لِّلْخَيْرِ مُعْتَدٍ مُّرِيْبِ اللہ تعالیٰ فرماوِ تمن دون ملکن تراٲویون پرتھ سہ شخصاہ یُس کفر کرہ وُن تہٕ پزٕ یگ دشمن آسہِ، رژو کامیو نِشہِ پتھ رٹہ وُن آسہ، حدہ ڈلہ وُن آسہِ، دِینس منز شبہ تہٕ شک پادہ کرہ وُن آسہِ نارِ جہنمس اندر اَلَّذِيْ جَعَلَ مَعَ اللّٰهِ اِلٰـهًا اٰخَرَ فَاَلْقِيٰهُ فِي الْعَذَابِ الشَّدِيْدِ یم خدایس سیت بیاکھ معبوداہ تجویز کورمت آسہِ یُتھ شخص تراویون سخت عذابس منز۔ چونکہِ تمِن گمراہ کرہ وُنین اندر آسہ شیطان تہٕ قَالَ قَرِيْنُهٗ رَبَّنَا مَآ اَطْغَيْتُهٗ وَلٰكِنْ كَانَ فِيْ ضَلٰلٍۢ بَعِيْدٍ سہ شیطان یُس اَمِس انسانس سیت سیت روزان اوس دپہ اے سانہِ

لَا تَخْتَصِمُوْا لَدَيَّ وَقَدْ قَدَّمْتُ اِلَيْكُمْ بِالْوَعِيْدِ ﴿۲۸﴾ مَا يُبَدَّلُ الْقَوْلُ
لَدَيَّ وَمَآ اَنَا بِظَلَّامٍ لِّلْعَبِيْدِ ﴿۲۹﴾ يَوْمَ نَقُوْلُ لِجَهَنَّمَ هَلِ امْتَلَاْتِ
وَتَقُوْلُ هَلْ مِنْ مَّزِيْدٍ ﴿۳۰﴾ وَاُزْلِفَتِ الْجَنَّةُ لِلْمُتَّقِيْنَ غَيْرَ بَعِيْدٍ ﴿۳۱﴾
هٰذَا مَا تُوْعَدُوْنَ لِكُلِّ اَوَّابٍ حَفِيْظٍ ﴿۳۲﴾ مَنْ خَشِيَ الرَّحْمٰنَ بِالْغَيْبِ

---

پروردگار ۾ ھنوءَ سرڪش ۾ شخص جبر بلڪ اوس ۾ پاڻ پنهنجي اختيار زندگي گمراهي ۾ منڊ پوڙمت اگرچه ۾ ته ڪُرس اُنهن گمراهي اندر مدد ڏهن ٿيون. لهذا اگرچه نه اُن سزا گمراهي هُند اثر ۾ پيٺ پيون قَالَ لَا تَخْتَصِمُوْا لَدَيَّ وَقَدْ قَدَّمْتُ اِلَيْكُمْ بِالْوَعِيْدِ الله تعاليٰ فرمائيندو ته ۾ بروڻهن ڪنهن ڪرو لڙائي ۾ هُنزه ڪنهن. هم ڪنهن ڇهه بي سود، ۾ پڇه بروڻهي توهان هم عذاب جي بيم ڪتابن ۽ پيغمبرن هنده واسطه ڪورمت ڪه نُس ڪفر ڪره پاڻ يا ڪانسه هنده گمراه ڪرنه سيت جبر آيا بلا جبر، سارِ نه دمه به سزا نار جهنمه سيت مَا يُبَدَّلُ الْقَوْلُ لَدَيَّ وَمَآ اَنَا بِظَلَّامٍ لِّلْعَبِيْدِ ۾ نشه ۾ نه تبديلي ڪرنه تته حڪمس نُس جاري ڪرنه آمُت ڇهه توهم سارن ڇهه جهنمس اندر دُزن. ۾ پڇهس نه به ۾ تجويز ڪره نُس اندر پنه نين بندن پيٺ ظلم ڪره ڏون بلڪه ڪره تمو پاڻ تِڙهه ناشايان ڪام تمن هُند سزا از تمِ تلان ڇهه يَوْمَ نَقُوْلُ لِجَهَنَّمَ هَلِ امْتَلَاْتِ وَتَقُوْلُ هَلْ مِنْ مَّزِيْدٍ سُه دوه پاوِ وتهي ژيتس تمن لوڪن تمه دوهه پر ژهوآسي جهنمس يلهِ ساري مُجرم تته منزوانا ونه آسن آمت، برنه آکھ؟ سُه دِپه ۾ ڇهاڪينهه؟ حديث شريفس منز ڇهه آمُت ڪه الله تعاليٰ ٿاوِه جهنمس پيٺ پنن قدم. تمه پته دپه جهنم، بس بس ووڻ سُپدس پُر، ووڻ آس برنه وَاُزْلِفَتِ الْجَنَّةُ لِلْمُتَّقِيْنَ غَيْرَ بَعِيْدٍ ۾ پڇهه جنتڪ بيان ڪه جنت ۾ متقين ته پرهيزگارن نکه تَل اَنه دور آسه نه دپنه ييڪهه هٰذَا مَا تُوْعَدُوْنَ يوهي ڪيا گوو سُه جنت تميڪ توهه وعده يوان اوس ٿاونه ڪه ۾ جنت آسه لِكُلِّ اَوَّابٍ حَفِيْظٍ پرته تتهس شخصه سنده خاطره يُس خدايس ڪُن دِله سيت رجوع ڪره ڏون آسه يا تمِ اَپزِه لشه ۾ پزس ڪُن، نافرماني نشه فرمانبرداري ڪُن، شرڪه نشه توحيدس ڪُن بدعتو نشه سنتس ڪُن رجوع ڪورمت آسه. ۾ سارِ نه حقوقن راڇهه ڪرِه ون سنده خاطره، اعمال وطاعاتن پيٺ پابندي ته ڏاڏ ڪره ون

وَجَآءَ بِقَلْبٍ مُّنِيبٍ ﴿۳۳﴾ ٱدْخُلُوهَا بِسَلَٰمٍ ۖ ذَٰلِكَ يَوْمُ ٱلْخُلُودِ ﴿۳۴﴾
لَهُم مَّا يَشَآءُونَ فِيهَا وَلَدَيْنَا مَزِيدٌ ﴿۳۵﴾ وَكَمْ أَهْلَكْنَا قَبْلَهُم
مِّن قَرْنٍ هُمْ أَشَدُّ مِنْهُم بَطْشًا فَنَقَّبُوا۟ فِى ٱلْبِلَٰدِ هَلْ مِن مَّحِيصٍ ﴿۳۶﴾
إِنَّ فِى ذَٰلِكَ لَذِكْرَىٰ لِمَن كَانَ لَهُۥ قَلْبٌ أَوْ أَلْقَى ٱلسَّمْعَ وَهُوَ
شَهِيدٌ ﴿۳۷﴾ وَلَقَدْ خَلَقْنَا ٱلسَّمَٰوَٰتِ وَٱلْأَرْضَ وَمَا بَيْنَهُمَا فِى سِتَّةِ
أَيَّامٍ ۖ وَمَا مَسَّنَا مِن لُّغُوبٍ ﴿۳۸﴾ فَٱصْبِرْ عَلَىٰ مَا يَقُولُونَ وَسَبِّحْ

---

سنده خاطره مَنْ خَشِيَ الرَّحْمٰنَ بِالْغَيْبِ وَجَآءَ بِقَلْبٍ مُّنِيبٍ يعني کو ڙھ حضرت رحمان کان ڊڄندو رهيو، ٻيو ليس تنهن ۾ هيڏانهن ھٽن آو رجوع کرڻ وارا دل ساهه تمن کي ٻيو ڏنو اُدْخُلُوهَا بِسَلٰمٍ آڏو ٺهه اتھ جنتس منز بسلامت ذٰلِكَ يَوْمُ الْخُلُوْدِ يوهے ڇُهه هميشگي هند حکم جاري کره ٺڪ دوه آز کہ دوهہ تمن هندِه خاطره تمہ جایہ هند تجويز آوکرنه ترن ڇُهه تتھ جایہ هميشه روزُن۔ بايمانُن هميشه جنتس اندر، کافرن هميشه جهنمس اندر لَهُمْ مَّا يَشَآءُوْنَ فِيْهَا وَلَدَيْنَا مَزِيْدٌ جنتين هندِه خاطره ڇُهه تمن جنتن اندر ته سورُے ٻيه تمہِ يژهن، ييچ ييچ خواهش گرن۔ اَسهِ نشهِ ڇُهه تمہِ خوته سيٺهاه زياده نعمژ تمو نعمتو خوته تمن هنز تمہِ خواهش گرن وَكَمْ اَهْلَكْنَا قَبْلَهُمْ مِّنْ قَرْنٍ هُمْ اَشَدُّ مِنْهُمْ بَطْشًا فَنَقَّبُوْا فِي الْبِلَادِ هَلْ مِنْ مَّحِيْصٍ ٻيه گال اَسهِ تمن مکه کين کافرن بروٺھ وارياه جماژ منکرن هنزه تمہِ تهندِه خوته قوتس اندر زبردست آس۔ پس ييلهِ تهندِه انتقامک وقت ووت تمہِ ژاٰے وارياهن شهرن اندر ڳنهِ جايہ هنهِ ناڇهن جاياه مگر تمہِ هيک نه خدايه سنده عذابه نشهِ پنه نين پانن ڳنهِ جايہ بچاو تھ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَذِكْرٰى لِمَنْ كَانَ لَهٗ قَلْبٌ اَوْ اَلْقَى السَّمْعَ وَهُوَ شَهِيْدٌ بے شک يمن عبرتناک واقعاتن منز ڇُهه بوڊ وعظ تمن لوکن هندِه خاطره تمن فکر کره ون دِل آسهِ يا تمہِ نصيحت ووعظک کلام بوزن وارِه کن دارِ تھ، دِل حاضر تهاوِ تھ

وَلَقَدْ خَلَقْنَا السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَمَا بَيْنَهُمَا فِيْ سِتَّةِ اَيَّامٍ وَّمَا مَسَّنَا مِنْ لُّغُوْبٍ بے شک ٻيه کر اَسهِ پاده آسمان ته زمين ٻيه ٻيه ترن منز ڇُهه شين دوهن هندِس مدتس منز تو پته سپز نه ٻيه پاده کرنه سيت تهکن ته

بِحَمْدِ رَبِّكَ قَبْلَ طُلُوعِ الشَّمْسِ وَقَبْلَ الْغُرُوبِ ﴿۳۹﴾ وَمِنَ الَّيْلِ
فَسَبِّحْهُ وَاَدْبَارَ السُّجُوْدِ ﴿۴۰﴾ وَاسْتَمِعْ يَوْمَ يُنَادِ الْمُنَادِ مِنْ مَّكَانٍ
قَرِيْبٍ ﴿۴۱﴾ يَّوْمَ يَسْمَعُوْنَ الصَّيْحَةَ بِالْحَقِّ ذٰلِكَ يَوْمُ الْخُرُوْجِ ﴿۴۲﴾
اِنَّا نَحْنُ نُحْيٖ وَنُمِيْتُ وَاِلَيْنَا الْمَصِيْرُ ﴿۴۳﴾ يَوْمَ تَشَقَّقُ الْاَرْضُ عَنْهُمْ

---

ماندگی پادہ ووِن کیاہ عجایب چھُہ اَسہِ نشہِ دُبارہ پیدہ کرن تو پتہ تہِ ہرگاہ یِم لوکھ اِنکارے گرن فَاصْبِرْ عَلٰى مَا يَقُوْلُوْنَ تِہہ کُر وثریٛڈ دشمن ہنزن کتھن پیٹھ یارسول اللہ وَسَبِّحْ بِحَمْدِ رَبِّكَ قَبْلَ طُلُوْعِ الشَّمْسِ وَقَبْلَ الْغُرُوْبِ بیہہ کرو تِہہ خدایہ سُند یاد، تمسنز پاکی تہِ سُندِ حُمد تہ تعریف بیان کرنہ سیت آفتاب کھسنہ بروٚنٹھ بیہِ آفتاب لوسنہ بروٚنٹھ اَمہِ اندرہ چھُہ مُراد صُبح نماز بیہِ پیشمِن تہ دگر نماز۔ وَمِنَ الَّيْلِ فَسَبِّحْهُ بیہہ کرو تِہند یاد راتھ اندر رِہنہِ اَکِس وَاَدْبَارَ السُّجُوْدِ بیہِ آسو تِہند یاد کران فرض نمازو پتہ یعنے سنت تہ نفل ادا کرنہ سیت وَاسْتَمِعْ يَوْمَ يُنَادِ الْمُنَادِ مِنْ مَّكَانٍ قَرِيْبٍ بیہِ بوزاے مخاطب گن دار تھ یہ کتھ کہ یُمہِ دوہہ سارنے موردن آلو دِیہ آلوٚ دِیہ دِہ وٚن نکھ تلہ جایہ پیٹھ یعنے اسرافیل علیہ السلام پو غس يَوْمَ يَسْمَعُوْنَ الصَّيْحَةَ بِالْحَقِّ یُمہِ دوہہ بوزن ساری سو کریکھ وارہ پاٹھی ذٰلِكَ يَوْمُ الْخُرُوْجِ سُے دوہ کیاہ آسہِ لوکن قبرو منزہ نیبر نیرہ نگ دوہ اِنَّا نَحْنُ نُحْيٖ وَنُمِيْتُ وَاِلَيْنَا الْمَصِيْرُ اَسِ چھِہ بیہِ نہ کانہہ سارِنے زندہ کران بیہِ سارنے ماران۔ بیہِ چھُہ اَسی نشہِ سارِنے پتو لاکہِ واتُن يَوْمَ تَشَقَّقُ الْاَرْضُ عَنْهُمْ سِرَاعًا یُمہِ دوہہ زمین مژرنہ بیہِ تِمن پیٹھہ تِم نیرن تِمہِ منزہ وٚلِ وٚلِ ذٰلِكَ حَشْرٌ عَلَيْنَا يَسِيْرٌ یہ تِمن ہُند سو نبراوُن تہ جمع کرن چھُہ اَسہِ نشہِ سہل تہ آسان غرض قیامتک واقع سپدن آو بیان کرنہ تبکرار۔ اَمہِ پتہ تہِ ہرگاہ یِم لوکھ مانن نہ تِہہ مَہ برِد کانہہ غم تہ فکر کیازِہ نَحْنُ اَعْلَمُ بِمَا يَقُوْلُوْنَ اَسِ چھِہ زانان تِمہ سارے کتھہ یِمہِ یِم دشمن تِہند ونان چھِہ اَسِ زانو پائے تِمن سیت وَمَآ اَنْتَ عَلَيْهِمْ

سِرَاعًا ؕ ذٰلِكَ حَشْرٌ عَلَيْنَا يَسِيْرٌ ﴿۴۴﴾ نَحْنُ اَعْلَمُ بِمَا يَقُوْلُوْنَ وَمَآ
اَنْتَ عَلَيْهِمْ بِجَبَّارٍ ۫ فَذَكِّرْ بِالْقُرْاٰنِ مَنْ يَّخَافُ وَعِيْدِ ﴿۴۵﴾ ع

---

بِجَبَّارٍ  تُہہ چھُوہ نہ خدایِ سندِ طرفہ تِمن کُن زور ستہ جبر کرہ ونِ آمت سوزنہ کہ تِم ہنا دیوکھ تُہہ
زورہ مسلمان۔ تُہُنز کام چھُہ وعظ پرن تہ نصیحت کرن۔  فَذَكِّرْ بِالْقُرْاٰنِ مَنْ يَّخَافُ وَعِيْدِ  پس
پٔر دِتُہہ وعظ قرآن مجیدہ سیت تِمن لوکن یِم کھوژن عذابہ کِس وعیدس۔



## سُوْرَةُ الذّٰرِيٰتِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

وَالذّٰرِيٰتِ ذَرْوًا ۙ ① فَالْحٰمِلٰتِ وِقْرًا ۙ ② فَالْجٰرِيٰتِ يُسْرًا ۙ ③ فَالْمُقَسِّمٰتِ
اَمْرًا ۙ ④ اِنَّمَا تُوْعَدُوْنَ لَصَادِقٌ ۙ ⑤ وَّاِنَّ الدِّيْنَ لَوَاقِعٌ ۭ ⑥
وَالسَّمَآءِ ذَاتِ الْحُبُكِ ۙ ⑦ اِنَّكُمْ لَفِيْ قَوْلٍ مُّخْتَلِفٍ ۙ ⑧ يُّؤْفَكُ عَنْهُ
مَنْ اُفِكَ ۭ ⑨ قُتِلَ الْخَرّٰصُوْنَ ۙ ⑩ الَّذِيْنَ هُمْ فِيْ غَمْرَةٍ سَاهُوْنَ ۙ ⑪
يَسْـَٔلُوْنَ اَيَّانَ يَوْمُ الدِّيْنِ ۭ ⑫ يَوْمَ هُمْ عَلَى النَّارِ يُفْتَنُوْنَ ⑬ ذُوْقُوْا

---

وَالذّٰرِيٰتِ ذَرْوًا تمن واون ہُند قسم یم گرد چھکراوان چھہِ فَالْحٰمِلٰتِ وِقْرًا تمن اوبرن ہُند قسم یم
روُدک بورتلہ ونِ چھہ فَالْجٰرِيٰتِ يُسْرًا تمن ناون تہ جہازن ہُند قسم یم نرمی سان آہستہ پکان
چھہ فَالْمُقَسِّمٰتِ اَمْرًا تمن ملایکن ہُند قسم یم زیبنہ کین لوکن منز بحکمِ خدا چیز تقسیم کران چھہِ اِنَّمَا
تُوْعَدُوْنَ لَصَادِقٌ بے شک قیامتُک یُس وعدہ توہہِ سیت کرنہ یوانِ چھہ سہ چھُہ بالکل پُز وَّاِنَّ
الدِّيْنَ لَوَاقِعٌ بیہ چھُہ عملن ہِندہ جزاءُک دوہ ضرور واقع سپدہ وُن وَالسَّمَآءِ ذَاتِ الْحُبُكِ بیہ چھہ
قسم آسمانُک یتھ منز ملایکن ہندہ پکنہ خاطرہ وَتہ چھہ اِنَّكُمْ لَفِيْ قَوْلٍ مُّخْتَلِفٍ بے شک توہہِ سارِنے
ہنزہ کتھ چھہ قیامتس متعلق مختلف۔ کانہہ چھُہ تتھ تصدیق کران، کانہہ چھُہ انکار کران يُؤْفَكُ عَنْهُ
مَنْ اُفِكَ سے چھُہ اَمہِ قیامتہ کہِ وقوعکہ اعتقادہ نشہِ پھیران یُس کلیتاً خیر وسعادتہ نشہِ پھیرن آسہِ
قُتِلَ الْخَرّٰصُوْنَ تباہ تہ برباد گژھن بے سند کتھ کرہ ونِ یم قیامتس چھہِ انکار کران دلیلہِ ورأے۔
الَّذِيْنَ هُمْ فِيْ غَمْرَةٍ سَاهُوْنَ یمِ جہالتس منز بوڈتھ غافل چھہِ سپد یمت يَسْـَٔلُوْنَ اَيَّانَ يَوْمُ الدِّيْنِ
یمِ پرژھان چھہِ ٹھٹھہ پاٹھہ قیامت جزاءُک دوہ کر آسہِ۔ يَوْمَ هُمْ عَلَى النَّارِ يُفْتَنُوْنَ دپیو کھ تمی دوہہ

فَتِنَتَكُمْ ۭ هٰذَا الَّذِيْ كُنْتُمْ بِهٖ تَسْتَعْجِلُوْنَ ﴿۱۴﴾ اِنَّ الْمُتَّقِيْنَ فِيْ جَنّٰتٍ
وَّعُيُوْنٍ ﴿۱۵﴾ اٰخِذِيْنَ مَآ اٰتٰىهُمْ رَبُّهُمْ ۭ اِنَّهُمْ كَانُوْا قَبْلَ ذٰلِكَ
مُحْسِنِيْنَ ﴿۱۶﴾ كَانُوْا قَلِيْلًا مِّنَ الَّيْلِ مَا يَهْجَعُوْنَ ﴿۱۷﴾ وَبِالْاَسْحَارِ هُمْ
يَسْتَغْفِرُوْنَ ﴿۱۸﴾ وَفِيْٓ اَمْوَالِهِمْ حَقٌّ لِّلسَّاۗىِٕلِ وَالْمَحْرُوْمِ ﴿۱۹﴾ وَفِي
الْاَرْضِ اٰيٰتٌ لِّلْمُوْقِنِيْنَ ﴿۲۰﴾ وَفِيْٓ اَنْفُسِكُمْ ۭ اَفَلَا تُبْصِرُوْنَ ﴿۲۱﴾ وَفِي
السَّمَاۗءِ رِزْقُكُمْ وَمَا تُوْعَدُوْنَ ﴿۲۲﴾ فَوَرَبِّ السَّمَاۗءِ وَالْاَرْضِ اِنَّهٗ لَحَقٌّ

---

ڇمي ڏوهي تم نارس پيٺ بوزنه ين جهنمک داروغه ڏينگه ذُوْقُوْا فِتْنَتَكُمْ ڻهوٺه مزه پنه سزا ءُک هٰذَا
الَّذِيْ كُنْتُمْ بِهٖ تَسْتَعْجِلُوْنَ يه ڇهه سئ عذاب ئس توهه جلد ڻهانڏان آسوه اِنَّ الْمُتَّقِيْنَ فِيْ جَنّٰتٍ
وَّعُيُوْنٍ بے شک خدا ايس کهوڙه ون آسن باغن ته ناگه راڏن منز اٰخِذِيْنَ مَآ اٰتٰىهُمْ رَبُّهُمْ حاصل
کره ون آسن تمن مهربانين ته تهه ثوابس ييمه تمن پننه پروردگارن عطا کره مژه آسن اِنَّهُمْ كَانُوْا
قَبْلَ ذٰلِكَ مُحْسِنِيْنَ بيشک تم آس يمه برونٹھ دنياء س منز نيکوکار كَانُوْا قَلِيْلًا مِّنَ الَّيْلِ مَا يَهْجَعُوْنَ
تم آس فرائض و واجباتن علاوه نوافل ته ڈاڈکر تهه پران يمه خاطره رات گيت ته سيٹھاه کم نندر کران
آس وَبِالْاَسْحَارِ هُمْ يَسْتَغْفِرُوْنَ بيه آس تم باوجود آل سحرکه وقته خدايس مغفرت منگان، پنه نس
عبادتس پيٺھ اوسهنه غرور ته ناز سپدان وَفِيْٓ اَمْوَالِهِمْ حَقٌّ لِّلسَّاۗىِٕلِ وَالْمَحْرُوْمِ بيه اوس تهندس مالس
اندر حصه منگه وينن ته نه منگه وينن محتاجن هنده خاطره وَفِي الْاَرْضِ اٰيٰتٌ لِّلْمُوْقِنِيْنَ بيه ڇهه زميس
منز ڄجه دليله قيامت قائم کره نکس قدرت آسنس پيٺھ، يقين کره نس پيٺھ کوشش کره وينن هنده
خاطره وَفِيْٓ اَنْفُسِكُمْ ۭ اَفَلَا تُبْصِرُوْنَ بيه ڇهه خود تهندين ذاتن ته نفسن منز ته قدرتکی بڈی نشانه۔
تهندين ظاهري و باطني مختلف احوالن منز ته ڇهه دليله امکان قيامتس پيٺھ کياه توته ڇهنا توهه بوزنه يوان
وَفِي السَّمَاۗءِ رِزْقُكُمْ وَمَا تُوْعَدُوْنَ بيه ڇهه آسمانه نے اندر تهند رزق بيه تم چيز تمن هند ٺهه قيامتس متعلق
وعده تهاونه يوان ڇهه تمن سارنے چيزن هند معين وقت ڇهه درج لوح محفوظس اندر يُس آسمانس پيٺھ

مِّثْلَ مَآ اَنَّكُمْ تَنْطِقُوْنَ ۲۳ هَلْ اَتٰىكَ حَدِيْثُ ضَيْفِ اِبْرٰهِيْمَ
الْمُكْرَمِيْنَ ۲۴ اِذْ دَخَلُوْا عَلَيْهِ فَقَالُوْا سَلٰمًا ؕ قَالَ سَلٰمٌ ۚ قَوْمٌ مُّنْكَرُوْنَ ۲۵
فَرَاغَ اِلٰٓى اَهْلِهٖ فَجَآءَ بِعِجْلٍ سَمِيْنٍ ۲٦ فَقَرَّبَهٗٓ اِلَيْهِمْ قَالَ اَلَا
تَاْكُلُوْنَ ۲۷ فَاَوْجَسَ مِنْهُمْ خِيْفَةً ؕ قَالُوْا لَا تَخَفْ ؕ وَبَشَّرُوْهُ بِغُلٰمٍ
عَلِيْمٍ ۲۸ فَاَقْبَلَتِ امْرَاَتُهٗ فِيْ صَرَّةٍ فَصَكَّتْ وَجْهَهَا وَقَالَتْ عَجُوْزٌ

---

ڇڏ۔ زمينس پيڇ آونه تميڪ يقيني علم نازل ڪرنه ڪنهِ خاص مصلحته سببه فَوَرَبِّ السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ اِنَّهٗ لَحَقٌّ مِّثْلَ مَآ اَنَّكُمْ تَنْطِقُوْنَ پس ڇڏه آسمانن ته زمين هندِس پروردگاره سُند قسم ڪهِ يهِ جزاءِ ڪ دوه ڇڏه حق ته پوز۔ يٿه پاٺي ٿهنزه ڪٿه گرنهِ ڇڏه يقيني، الله تعالىٰ اَن ديُت قيامته ڪس واقعه سپدِ نس تشبيهه ڪٿه ڪرنس سيت يعني يٿه پاٺه انسان اڪهه ڪٿه ڪران ڇڏو تو پته ڇڏوڙهوپه ڪران تو پته ڇڏو بيا ڪٿه هيوان ڪرنِ يٿے پاٺه ڪره الله تعالىٰ مرتھ بيهِ لوڪن زنده هَلْ اَتٰىكَ حَدِيْثُ ضَيْفِ اِبْرٰهِيْمَ الْمُكْرَمِيْنَ اے محمد ڪياه توهہِ نشہِ ڇھاوو تمت ابراهيم عليه السلامه سندين معزز ژڇمن هُند قصه اِذْ دَخَلُوْا عَلَيْهِ فَقَالُوْا سَلٰمًا يلهِ تم ژاے تمن نشہِ تو پته ڪرک تمن سلام قَالَ سَلٰمٌ قَوْمٌ مُّنْكَرُوْنَ ابراهيم عليه السلامن ته فرمووکھ سلامهِ هُند جواب سلام۔ بيهِ لگِ ونهِ ابراهيم عليه السلام تمم ڪم سناوو پر موهنوِ ڇھہِ معلوم سپدان فَرَاغَ اِلٰٓى اَهْلِهٖ فَجَآءَ بِعِجْلٍ سَمِيْنٍ تو پته ژاے تمِ جلدِ باژن نشہِ توره آے هيٿه وژهي سُند مازيس گيوس منزاوس تلنه آمُت فَقَرَّبَهٗٓ اِلَيْهِمْ قَالَ اَلَا تَاْكُلُوْنَ تو پته ٿهووڪھ تمن برونٿه ڪنہِ تمويلهِ نه توڱن توجهے ڪوردوپهڪھ ٿهه ڪونه ڇھوه کھيوان۔ تو پته تہِ يلهِ نه تموڪهيو فَاَوْجَسَ مِنْهُمْ خِيْفَةً تمہِ سيت گابرے ته خوف زده سپدے تمِ تمن نشہِ آندري ڪنِ دوپ تموڪه خبر ڇھا تمِ ماآسن دشمن اده ڪونه ڇھہِ تمِ کھيوان مگر تمو پژهيو ژيون ٿهند گابرن ته خوف زده سپدن قَالُوْا لَا تَخَفْ تمو دوپکھ تهي مه حض کھو ژو۔ اَسِ نه حض ڇھنه انسان اَسِ ڇھہِ ملڪھ۔ وَبَشَّرُوْهُ بِغُلٰمٍ عَلِيْمٍ سيت وُنِ هڪھ بشارت اَڪس عالمِ فرزنده سنز يُس پيغمبر آسہِ فَاَقْبَلَتِ امْرَاَتُهٗ فِيْ صَرَّةٍ فَصَكَّتْ وَجْهَهَا وَقَالَتْ عَجُوْزٌ عَقِيْمٌ تو پته آيهِ

عَقِيْمٌ ﴿٢٩﴾ قَالُوْا كَذٰلِكِ ۙ قَالَ رَبُّكِ ؕ اِنَّهٗ هُوَ الْحَكِيْمُ الْعَلِيْمُ ﴿٣٠﴾
قَالَ فَمَا خَطْبُكُمْ اَيُّهَا الْمُرْسَلُوْنَ ﴿٣١﴾ قَالُوْٓا اِنَّآ
اُرْسِلْنَآ اِلٰى قَوْمٍ مُّجْرِمِيْنَ ﴿٣٢﴾ لِنُرْسِلَ عَلَيْهِمْ حِجَارَةً مِّنْ طِيْنٍ ﴿٣٣﴾ مُّسَوَّمَةً
عِنْدَ رَبِّكَ لِلْمُسْرِفِيْنَ ﴿٣٤﴾ فَاَخْرَجْنَا مَنْ كَانَ فِيْهَا مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿٣٥﴾
فَمَا وَجَدْنَا فِيْهَا غَيْرَ بَيْتٍ مِّنَ الْمُسْلِمِيْنَ ﴿٣٦﴾ وَتَرَكْنَا فِيْهَآ اٰيَةً

---

اُتھ حالس منز برونٿ کن ٿھز آشين بي بي ساره عليها السلام يوسه تتہِ ٿھے يمہ کٿھ بوزان آس، آيہ شور تلان۔ تو پتہ لائن ڈيکس پنہ نس ژنڈاه، ہيہ لجي ؤپنہِ اکھ ڇھس بہ بڈہ ہيہ ڇھس ہانٹھ سہ کٿھ سناپا ٹھي زيوہِ ميہ ڇجو يتھ حالس منز ميہ اولاد زيون ڇھہ عجيب کتھاه قَالُوْا كَذٰلِكِ قَالَ رَبُّكِ تمو دوپ ہُس تعجب مہ کر ژہ اَسِ چھا کينہہ پنن وَنان ييہ فرمووتھ پاٹھِ چانِ پروردگارن اِنَّهٗ هُوَ الْحَكِيْمُ الْعَلِيْمُ بے شک سُہ ڇھہ سيٹھاه حکمتہ وول سيٹھاه علمہ وول سہ ڇھہ کمال قدرتہ وول تَس نشہِ ڇھنہ کينہہ کٿھ عجائب۔ ابراهيم عليہ السلامَس سُپد معلوم نبوتہ کہِ فراستہ سيت کہِ تِمن ملکَن ڇھہ اَمہِ بشارتہ علاوہ ہيہ تہِ کياه تان مقصد۔ تتھ کُن نظر کرتھ قَالَ فَمَا خَطْبُكُمْ اَيُّهَا الْمُرْسَلُوْنَ پرژھ ابراهيم عليہ السلامن تِمن ملاکن، اے سوزنہ آميو ملکوتہہ کمہِ ضروری کامہِ خاطرہ ڇھوہ ييہ يور آمت قَالُوْٓا اِنَّآ اُرْسِلْنَآ اِلٰى قَوْمٍ مُّجْرِمِيْنَ تمو دوپھکھ اَسِ حقَ ڇھہِ سوزنہ آمت نافرمان قومَس اَکس کُن يعنی قومِ لوطس کُن لِنُرْسِلَ عَلَيْهِمْ حِجَارَةً مِّنْ طِيْنٍ يتھ تراوو اَسِ تِمن پيٹھ کھنگرن ہندکہِ پھلِ يِم نارس منز پينہ آمت ڇھہِ مُسَوَّمَةً عِنْدَ رَبِّكَ لِلْمُسْرِفِيْنَ تِمن کہِ پھلين خاص نشانہ تھونہ آمت اوس تہندِس پروردگارس نشہِ نافرمانی اندر حدہ ڈلہ وَنين ہندِ خاطرہ نشانہ اوسھ امی خاطرہ کہِ يِمہ گژھن لگنہِ تِمنے يِم عقلہِ تہ دينہ کہ فطرتہ کہ حدہ نشہِ ڈلمت ڇھہِ فَاَخْرَجْنَا مَنْ كَانَ فِيْهَا مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ يلہِ تِمن بستين پيٹھ عذابُک وقت ووت پِس کريوو اسہِ ارادہ اَسِ کڈو کھ تمہِ شہرہ منزہ تِم لوکھ يِم باايمان آسن تِم تھاووکھ اَسِ عليحدہ فَمَا وَجَدْنَا فِيْهَا غَيْرَ بَيْتٍ مِّنَ الْمُسْلِمِيْنَ پس لوب نہ اَسہِ تتھ شہرس اندرا کہ گرہ ورائے کانہہ گراه

لِلَّذِيْنَ يَخَافُوْنَ الْعَذَابَ الْاَلِيْمَ ٣٧ وَفِيْ مُوْسٰٓى اِذْ اَرْسَلْنٰهُ اِلٰى
فِرْعَوْنَ بِسُلْطٰنٍ مُّبِيْنٍ ٣٨ فَتَوَلّٰى بِرُكْنِهٖ وَقَالَ سٰحِرٌ اَوْ مَجْنُوْنٌ ٣٩
فَاَخَذْنٰهُ وَجُنُوْدَهٗ فَنَبَذْنٰهُمْ فِى الْيَمِّ وَهُوَ مُلِيْمٌ ٤٠ وَفِيْ عَادٍ
اِذْ اَرْسَلْنَا عَلَيْهِمُ الرِّيْحَ الْعَقِيْمَ ٤١ مَا تَذَرُ مِنْ شَيْءٍ اَتَتْ
عَلَيْهِ اِلَّا جَعَلَتْهُ كَالرَّمِيْمِ ٤٢ وَفِيْ ثَمُوْدَ اِذْ قِيْلَ لَهُمْ تَمَتَّعُوْا
حَتّٰى حِيْنٍ ٤٣ فَعَتَوْا عَنْ اَمْرِ رَبِّهِمْ فَاَخَذَتْهُمُ الصّٰعِقَةُ

---

مسلمانن اندر، سو گهر اوس لوط علیہ السلام سندن تم تهاؤ اسہ عذاب نشہ محفوظ۔ باقی کفر اسہ ساری ہلاک وَتَرَكْنَا فِيْهَآ اٰيَةً لِّلَّذِيْنَ يَخَافُوْنَ الْعَذَابَ الْاَلِيْمَ بیہ ترووآسہ تمن سنگ باران کر تھ۔ تتھ شہرس منز ہمیشہ خاطرہ نشانہ اکھ، تمن لوکن ہندہ خاطرہ یم کھوژان آسن سائنس کڈرس عذابس تو پتہ آسن یمہ واقعہ نشہ عبرت رٹان وَفِيْ مُوْسٰٓى اِذْ اَرْسَلْنٰهُ اِلٰى فِرْعَوْنَ بِسُلْطٰنٍ مُّبِيْنٍ بیہ چھہ عبرت موسیٰ علیہ السلام سندس قصس اندر تہ یلہ اسہ سوز تم فرعونس کن ننہ دلیل یعنے معجزہ ہیتھ فَتَوَلّٰى بِرُكْنِهٖ وَقَالَ سٰحِرٌ اَوْ مَجْنُوْنٌ پس پھیر بتھ تم بیہ تم سندیو ارکانِ سلطنتو، سہ لوگ موسیٰ علیہ السلامس دپنہ بیہ چھہ جادوگر یا دیوانہ فَاَخَذْنٰهُ وَجُنُوْدَهٗ فَنَبَذْنٰهُمْ فِى الْيَمِّ وَهُوَ مُلِيْمٌ پس روٹ اسہ سہ بیہ تہند فوج تو پتہ دیت دارِتھ دریاوس اندر یتھ منز سہ غرق گوو و لشکر ہیتھ۔ سہ اوس سیٹھاہ قابل ملامتھ کفر وشرک تہ نافرمانی ہندہ سببہ وَفِيْ عَادٍ اِذْ اَرْسَلْنَا عَلَيْهِمُ الرِّيْحَ الْعَقِيْمَ بیہ چھہ قوم عادہ کس ہلاک کرہ نس اندر تہ عبرتگی مقام یلہ پھیر اسہ تمن پیٹھ پھش تہ وِجہ واو، یُس خالی اوس خیرہ نشہ یعنے تتھ منز اوس تہندہ خاطرہ شرے شر مَا تَذَرُ مِنْ شَيْءٍ اَتَتْ عَلَيْهِ اِلَّا جَعَلَتْهُ كَالرَّمِيْمِ سہ واو اوس نہ تراوان کُنہ چیزس یمہ پیٹھ سہ پکہ ہا مگر تتھ اوس چورہ چورہ کران، ناس تہ ڈاس کران وَفِيْ ثَمُوْدَ اِذْ قِيْلَ لَهُمْ تَمَتَّعُوْا حَتّٰى حِيْنٍ بیہ چھہ قوم ثمودہ کس گلنس اندر تہ عبرتک مقام یلہ وننہ آیوو تمن یعنے صالح علیہ السلامن فرماویوو تمن تُل تو تمتع تہ فائدہ زندگی ہند کم کینہہ کالاہ یعنے کفر وشرک نشہ نے باز ایو تیلہ

وَهُمْ يَنْظُرُوْنَ ﴿۴۴﴾ فَمَا اسْتَطَاعُوْا مِنْ قِيَامٍ وَّمَا كَانُوْا مُنْتَصِرِيْنَ
وَقَوْمَ نُوْحٍ مِّنْ قَبْلُ ۭ اِنَّهُمْ كَانُوْا قَوْمًا فٰسِقِيْنَ ﴿۴۶﴾ وَ
السَّمَاۗءَ بَنَيْنٰهَا بِاَيْىدٍ وَّاِنَّا لَمُوْسِعُوْنَ ﴿۴۷﴾ وَالْاَرْضَ فَرَشْنٰهَا
فَنِعْمَ الْمٰهِدُوْنَ ﴿۴۸﴾ وَمِنْ كُلِّ شَيْءٍ خَلَقْنَا زَوْجَيْنِ لَعَلَّكُمْ
تَذَكَّرُوْنَ ﴿۴۹﴾ فَفِرُّوْٓا اِلَى اللّٰهِ ۭ اِنِّىْ لَكُمْ مِّنْهُ نَذِيْرٌ مُّبِيْنٌ ﴿۵۰﴾

---

پڇ توهه هلاڪ سڀڻن فَعَتَوْا عَنْ اَمْرِ رَبِّهِمْ فَاَخَذَتْهُمُ الصّٰعِقَةُ وَهُمْ يَنْظُرُوْنَ تو پوءِ تہ ڪر تمو سرڪشي تہ نافرماني پنہ ٻُس پروردگاره سندِس ڄُمس پوِس رٿِ تم اڪہ خوفناڪ ڪريڇيہِ وِچھان وچھان. يعني عذابڪِ آثاريلهِ ظاهر سپد تم آسِ تم آثار و چھان فَمَا اسْتَطَاعُوْا مِنْ قِيَامٍ وَّمَا كَانُوْا مُنْتَصِرِيْنَ پوِس هيوڪ نہ تمو ٿودو ٿھِتھ کله وکرمن ڪرِ تھ مودساري. نہ هيوڪ تمو اَسہِ لشہِ تميڪ بدله هيتھ. وَقَوْمَ نُوْحٍ مِّنْ قَبْلُ اِنَّهُمْ كَانُوْا قَوْمًا فٰسِقِيْنَ بيہِ ڪر اَسہِ تمن بروٺھ هلاڪ تہ برباد نوح عليہ السلام سند قوم بے شڪ تمِ آس سيٺهاه نافرمان لوکھ وَالسَّمَاۗءَ بَنَيْنٰهَا بِاَيْىدٍ وَّاِنَّا لَمُوْسِعُوْنَ بيہِ ڪورپاده اَسہِ آسمان پننہِ قدرت تہ سيت. بے شڪ سانِ قدرت ڇھ سيٺهاه وسيع وَالْاَرْضَ فَرَشْنٰهَا فَنِعْمَ الْمٰهِدُوْنَ بيہِ وهر ووٚاَس زمين فرشڪِ پاٚٺھ. پس ڪياه رُت وو ٿهراوه ون ڇھہِ آسِ. يعني اَتھ زمينس منز ڪم ڪم نفع تہ فايده ٿهاوي آس وَمِنْ كُلِّ شَيْءٍ خَلَقْنَا زَوْجَيْنِ بيہِ ڪور اَسہِ پرِيتھ چيز اه پاٚده جوره جوره، زِ زِ قسم. اَمہِ اَندره ڇھ مراد پرِيتھ چيزس مقابل ٿھوو اَسہِ بياکھ چيز، مثلاً آسمان تہ زمين، جوهر تہ عرض، گرمي تہ سردي، مودر تہ ٽيوٺھ، لوڪٹ تہ بوڈ، خوشنما تہ بدنما، سفيد تہ سياه، گاش تہ گٹہ وغاره لَعَلَّكُمْ تَذَكَّرُوْنَ يتھ توهہ سمو مصنوعاتو سيت خدائند ڪن آسُن فڪره ترهِ ڪہ موجودات ڇھہِ زه زهِ تہ جفت خالق موجودات ڇھ ڪُنے طاقت تہ فرد فَفِرُّوْٓا اِلَى اللّٰهِ اِنِّىْ لَكُمْ مِّنْهُ نَذِيْرٌ مُّبِيْنٌ اے پيغمبر برحق تهي فرماوِ لوڪن بيلہِ تمِ موجودات و مصنوعات حضرت خالق سندس ڪن آسنس پيٺھ دلالت ڪران ڇھہِ پس پزهِ توهہِ ڪہِ ٿھہ دورِ ٿس خدايہ سندِس توحيدس ڪُن. بے شڪ بہ ڇھسوِ ٿهندي طرفہ توهہِ فڪره تارنہ خاطره نِنِ پاٚٺھ

وَلَا تَجْعَلُوْا مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ ؕ اِنِّیْ لَکُمْ مِّنْهُ نَذِیْرٌ مُّبِیْنٌ ﴿۵۱﴾ کَذٰلِکَ
مَاۤ اَتَی الَّذِیْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ مِّنْ رَّسُوْلٍ اِلَّا قَالُوْا سَاحِرٌ اَوْ مَجْنُوْنٌ ﴿۵۲﴾
اَتَوَاصَوْا بِهٖ ۚ بَلْ هُمْ قَوْمٌ طَاغُوْنَ ﴿۵۳﴾ فَتَوَلَّ عَنْهُمْ فَمَاۤ اَنْتَ بِمَلُوْمٍ ﴿۵۴﴾
وَّذَکِّرْ فَاِنَّ الذِّکْرٰی تَنْفَعُ الْمُؤْمِنِیْنَ ﴿۵۵﴾ وَمَا خَلَقْتُ الْجِنَّ وَالْاِنْسَ
اِلَّا لِیَعْبُدُوْنِ ﴿۵۶﴾ مَاۤ اُرِیْدُ مِنْهُمْ مِّنْ رِّزْقٍ وَّمَاۤ اُرِیْدُ اَنْ

---

بیم گرهڻن ـ وضاحت سان ڇھسوه ونان که وَلَا تَجْعَلُوْا مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ اِنِّیْ لَکُمْ مِّنْهُ نَذِیْرٌ مُّبِیْنٌ بیه مه ٹھراوین الله تعالیٰ اُس سیت کانهه بیاکھ معبوداه ـ بے شک به ڇھسوه توهه تهنده طرفه بیم کرهڻن نٹن پاٹھ اتھ منز سپز زیاده وضاحت که ففروالی اللّٰهس منز ڇھه توحیدُک حُکم، تتھ ڇھه لازم نہیُ عن الشرک ـ سُه گوو وَلَا تَجْعَلُوْا مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ اَتھ سیت آوبه تاکیده خاطره ونه به ڇھسوه نٹن پاٹھ خدایه سندِه طرفه بیم کرهون الله تعالیٰ ڇھه فرماوان اے پیغمبر برحق تهه ڇھوه بیشک نذیر مُبین ـ لیکن یم تهند مخالف ڇھهِ تتھ جاہل که تمِ ڇھهِ توههِ ساحر ته مجنون ونان ـ تهه کرو اَتھ پیٹھ صبر، یه نوکتهاه ڇھنه کَذٰلِکَ مَاۤ اَتَی الَّذِیْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ مِّنْ رَّسُوْلٍ اِلَّا قَالُوْا سَاحِرٌ اَوْ مَجْنُوْنٌ یتھے پاٹھ یمِ کافر یمن برونٹھ گُذرے تمن نشهِ آونه کانهه پیغمبراه مگر دوپهس یهِ ڇھه جادوگر یا مُت ته دیوانه اَتَوَاصَوْا بِهٖ کیاسَنا تمِ آسهِ اکھ اَکس اَمِچ وصیت کران تمی یمه کتھ برونٹھمیو ونمژه ڇھه تمے کتھ ڇھهِ یمِ کافر ته ونان بَلْ هُمْ قَوْمٌ طَاغُوْنَ بلکه آسِ تمِ ساری سرکش ته نافرمان ـ یعنے یمه کتھ ونه نک سبب ڇھه سرکشی ته طغیان فَتَوَلَّ عَنْهُمْ فَمَاۤ اَنْتَ بِمَلُوْمٍ تُہس پھرو تمن نشهِ پنُن توجه ـ تمن کُن مه کرِو کانهه التفات توههِ پیٹھ ڇھنه کانهه الزام تهه کرو پننِ کام توههِ واتنووه پیغامِ حق وَّذَکِّرْ فَاِنَّ الذِّکْرٰی تَنْفَعُ الْمُؤْمِنِیْنَ تهه روزِو اطمینانه سان پنُنی کام کران ـ تهه روزِو لوکن نصیحت کران تمن فکرِه تاران ـ بے شک وعظ و نصیحت کرُنس ڇھه سیٹھاه فائده با ایمان ہندِه حقه وَمَا خَلَقْتُ الْجِنَّ وَالْاِنْسَ اِلَّا لِیَعْبُدُوْنِ بیه کرمیه پاده جن ته انسان خاص اَمی خاطره که یُتھ تمِ میانی عبادت کرن مَاۤ اُرِیْدُ مِنْهُمْ مِّنْ رِّزْقٍ وَّمَاۤ اُرِیْدُ اَنْ

يُطْعِمُوْنِ ﴿٥٧﴾ إِنَّ اللّٰهَ هُوَ الرَّزَّاقُ ذُو الْقُوَّةِ الْمَتِيْنُ ﴿٥٨﴾ فَإِنَّ
لِلَّذِيْنَ ظَلَمُوْا ذَنُوْبًا مِّثْلَ ذَنُوْبِ أَصْحٰبِهِمْ فَلَا يَسْتَعْجِلُوْنِ ﴿٥٩﴾
فَوَيْلٌ لِّلَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ يَّوْمِهِمُ الَّذِيْ يُوْعَدُوْنَ ﴿٦٠﴾ ع

---

يُطْعِمُوْنِ به چهنه تہ مون لئہِ رزق ڏهاڻڏان. نه ڇُهي به پرهان ميه کهياوڻ ناکينه إِنَّ اللّٰهَ هُوَ الرَّزَّاقُ ذُو الْقُوَّةِ الْمَتِيْنُ بے شک اللہ تعالیٰ پڇه سارے رزق عطاگرهوڻ قوت وول ته مضبوط فَإِنَّ لِلَّذِيْنَ ظَلَمُوْا ذَنُوْبًا مِّثْلَ ذَنُوْبِ أَصْحٰبِهِمْ فَلَا يَسْتَعْجِلُوْنِ پس تہ من لوکن هندهِ عذابه خاطره ته پڇه وار پنڻِ مقرر خدايس لئہِ تہمو پانِ پانس کفروشرکہ سيت ظلم کور. يتهه پاٹه برو تھِين کافرن هندهِ خاطره وارِ پڇه مقرر رہس مہ کرن تم بانبر يعنے عذاب طلب کرنس اندر مہ کرن جلدی. سو پننِ واری واته تمن ضرور فَوَيْلٌ لِّلَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ يَّوْمِهِمُ الَّذِيْ يُوْعَدُوْنَ پس پڇه بڈ خرابی ته افسوس تہ من لوکن هندهِ خاطره تہمو کفر ته شرک کور تہمہِ دوهہ. تہمہِ ڈیک تہ من وعده تهاونه یوان پڇه.



## سُوْرَةُ الطُّوْرِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

وَالطُّوْرِ ﴿١﴾ وَكِتٰبٍ مَّسْطُوْرٍ ﴿٢﴾ فِيْ رَقٍّ مَّنْشُوْرٍ ﴿٣﴾ وَّالْبَيْتِ الْمَعْمُوْرِ ﴿٤﴾
وَالسَّقْفِ الْمَرْفُوْعِ ﴿٥﴾ وَالْبَحْرِ الْمَسْجُوْرِ ﴿٦﴾ اِنَّ عَذَابَ رَبِّكَ لَوَاقِعٌ ﴿٧﴾
مَّا لَهٗ مِنْ دَافِعٍ ﴿٨﴾ يَّوْمَ تَمُوْرُ السَّمَآءُ مَوْرًا ﴿٩﴾ وَّتَسِيْرُ الْجِبَالُ سَيْرًا ﴿١٠﴾
فَوَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ﴿١١﴾ الَّذِيْنَ هُمْ فِيْ خَوْضٍ يَّلْعَبُوْنَ ﴿١٢﴾ يَوْمَ
يُدَعُّوْنَ اِلٰى نَارِ جَهَنَّمَ دَعًّا ﴿١٣﴾ هٰذِهِ النَّارُ الَّتِيْ كُنْتُمْ بِهَا تُكَذِّبُوْنَ ﴿١٤﴾

---

وَالطُّوْرِ کوہ طور چ درے وَكِتٰبٍ مَّسْطُوْرٍ بیہ لیکھنہ آمژ کتابہ ہنز درے فِيْ رَقٍّ مَّنْشُوْرٍ یوسہ مژرنہ آمژ کاغذس پیٹھ لیکھنہ آمژ چھہ۔ تمہِ اندرہ چھہ مراد نامہ اعمال وَّالْبَيْتِ الْمَعْمُوْرِ بیت المعمور چی درے۔ سہ گوو ملائکن ہندہ عبادتک گرہ۔ یُس ستمس آسمانس پیٹھ چھہ وَالسَّقْفِ الْمَرْفُوْعِ بیہ تھدہِ پُشتج درے۔ یعنی آسمان وَالْبَحْرِ الْمَسْجُوْرِ بیہ دریاے محیطچ درے یُس آبہ سیت برِتھ چھہ اِنَّ عَذَابَ رَبِّكَ لَوَاقِعٌ بے شک چانِس پروردگارہ سُند عذاب چھہ کافرن تہ منکرن پیٹھ ضرور واقعہ سپدہ وُن مَّا لَهٗ مِنْ دَافِعٍ کانہہ چیز اہ چھنہ، کانسہِ ہُند طاقت چھنہ تتھ عذابس پتھ رٹن۔ یوسہ عذاب سپدہ واقع تمہِ دوہہ يَّوْمَ تَمُوْرُ السَّمَآءُ مَوْرًا تمہِ دوہہ آسمانس نٹھ تہ تھرہ ووتھِ، سخت نٹھ، تمہِ سیت تتھ پھراٹھ تہ شگاف گژھن وَّتَسِيْرُ الْجِبَالُ سَيْرًا بیہ تمہِ دوہہ وُڈن کوہ عجیب طریقہ پننہِ جایہِ نشہِ ڈلن فَوَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ پس بوین وال تہ افسوس تمہِ دوہہ اِنکار کرہ وُنین، یم توحیدس رسالتس تہ قیامتس اِنکار کران آس الَّذِيْنَ هُمْ فِيْ خَوْضٍ يَّلْعَبُوْنَ یم تکذیبہ کس شغلس منز بے ہودگی سان بوڈی مت آس يَوْمَ يُدَعُّوْنَ اِلٰى نَارِ جَهَنَّمَ دَعًّا تمہِ دوہہ تم لوکھ زورہ پکناونہ ین جہنمس گن یتہ

أَفَسِحْرٌ هٰذَآ أَمْ أَنْتُمْ لَا تُبْصِرُونَ ﴿١٥﴾ اِصْلَوْهَا فَاصْبِرُوٓا أَوْ لَا تَصْبِرُوا
سَوَآءٌ عَلَيْكُمْ ۖ إِنَّمَا تُجْزَوْنَ مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُونَ ﴿١٦﴾ إِنَّ
الْمُتَّقِينَ فِي جَنّٰتٍ وَّنَعِيمٍ ﴿١٧﴾ فٰكِهِينَ بِمَآ اٰتٰهُمْ رَبُّهُمْ ۚ وَوَقٰهُمْ
رَبُّهُمْ عَذَابَ الْجَحِيمِ ﴿١٨﴾ كُلُوا وَاشْرَبُوا هَنِيٓـًٔا بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُونَ ﴿١٩﴾
مُتَّكِـِٔينَ عَلٰى سُرُرٍ مَّصْفُوفَةٍ ۚ وَزَوَّجْنٰهُمْ بِحُورٍ عِينٍ ﴿٢٠﴾ وَالَّذِينَ
اٰمَنُوا وَاتَّبَعَتْهُمْ ذُرِّيَّتُهُمْ بِإِيمٰنٍ أَلْحَقْنَا بِهِمْ ذُرِّيَّتَهُمْ وَمَآ

---

دوان تہ دکہ دوان وننہ پیکھ هٰذِهِ النَّارُ الَّتِي كُنْتُمْ بِهَا تُكَذِّبُونَ یوہے کیاہ گو وئہ جہنم ینتھ تُہہ اُبزانان آسوہ۔ یمن آیاتن منزاچ خبر آس آسان تمن آیاتن آسوِ اِنکار کران دپان آسو یمہ آیات چھہ سحر أَفَسِحْرٌ هٰذَآ أَمْ أَنْتُمْ لَا تُبْصِرُونَ یہ جہنم تہ ماچھہ تہندہ خیالہ سحر تہ جود۔ وارہ وُچھتھ وِلو کنہ تُہہ چھنہ درینٹھی یوان کینہہ تہ اِصْلَوْهَا فَاصْبِرُوٓا أَوْ لَا تَصْبِرُوا سَوَآءٌ عَلَيْكُمْ اژِواتھ جہنمس اندر، ادہ تُہہ صبر کرِتو یا مہ کرِتو تہندہ خاطرہ چھہ دوشوے چیز برابر إِنَّمَا تُجْزَوْنَ مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُونَ یہ چھنہ مگر تمنے کامین ہند بدلہ یمہ تُہہ کران آسوہ دنیاءس اندر إِنَّ الْمُتَّقِينَ فِي جَنّٰتٍ وَّنَعِيمٍ بے شک پرہیزگار آسن جنتن نعمتن تہ سامانِ عیشن منز فٰكِهِينَ بِمَآ اٰتٰهُمْ رَبُّهُمْ خوش تہ خرم آسن تمو نعمتو تہ مہربانیو سیت یمہ یمن عطا کرِہ مژہ آسن پروردگارن وَوَقٰهُمْ رَبُّهُمْ عَذَابَ الْجَحِيمِ بیہ آسن تمن رٹھمت پنن پروردگارن جہنمکہ عذابہ نشہِ وننہ ییکھ كُلُوا وَاشْرَبُوا هَنِيٓـًٔا بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُونَ کھیو تہ چیوبیہ چھوہ بدلہ تمن کامین ہند یمہ تُہہ کران آسوہ دنیاءس اندر مُتَّكِـِٔينَ عَلٰى سُرُرٍ مَّصْفُوفَةٍ وَزَوَّجْنٰهُمْ بِحُورٍ عِينٍ تم جنتی آسن تکیہ دی دی تختن پیٹھ یمہ نکھ نکھ تھاونہ آسن آمت۔ بیہ کرو کھ نیتھر حورن سیت یمن اَچھ وٚچھ وٚچھ آسن یہ گوو عام باایمانن ہند حال۔ امہ پتہ چھہ خاص باایمانن ہند ذکر یمن ہند اولادتہِ آسن باایمان وَالَّذِينَ اٰمَنُوا وَاتَّبَعَتْهُمْ ذُرِّيَّتُهُمْ بِإِيمٰنٍ أَلْحَقْنَا بِهِمْ ذُرِّيَّتَهُمْ وَمَآ أَلَتْنٰهُمْ مِّنْ عَمَلِهِمْ مِّنْ شَيْءٍ بیہ یمو لوکو ایمان اون تو پتہ پکھ تہند اولادتہِ تمنے پتہ پتہ ایمان اَنہ کس اندر اگرچہ عملہ کریکھ نہ تہنزہ ہشہ

أَلَتْنٰهُم مِّنْ عَمَلِهِم مِّن شَيْءٍ ۚ كُلُّ امْرِئٍ بِمَا كَسَبَ رَهِينٌ ﴿٢١﴾
وَأَمْدَدْنٰهُم بِفٰكِهَةٍ وَلَحْمٍ مِّمَّا يَشْتَهُونَ ﴿٢٢﴾ يَتَنٰزَعُونَ فِيهَا
كَأْسًا لَّا لَغْوٌ فِيهَا وَلَا تَأْثِيمٌ ﴿٢٣﴾ وَيَطُوفُ عَلَيْهِمْ غِلْمَانٌ لَّهُمْ
كَأَنَّهُمْ لُؤْلُؤٌ مَّكْنُونٌ ﴿٢٤﴾ وَأَقْبَلَ بَعْضُهُمْ عَلٰى بَعْضٍ
يَتَسَآءَلُونَ ﴿٢٥﴾ قَالُوٓا إِنَّا كُنَّا قَبْلُ فِيٓ أَهْلِنَا مُشْفِقِينَ ﴿٢٦﴾ فَمَنَّ
اللّٰهُ عَلَيْنَا وَوَقٰنَا عَذَابَ السَّمُومِ ﴿٢٧﴾ إِنَّا كُنَّا مِن قَبْلُ

---

اَس ملہ ناوو کھ تہند اولاد تمنے سیت تہندِ اکرام و تعظیمہ خاطرہ۔ بیہ یُتھ تہند دِل قرار رٹن۔ بیہ گروَنہ اَس تہنزن عملن اندر کُنہِ قسمچ کمی۔ مگر شرط چُھہ اولادگژھن باایمان آس نہ ہرگاہ تہ آسن تیلہِ چُھہ کافر اولادن ہُند باایمان مالین نشہِ واتن ناممکن کیازِہ كُلُّ امْرِئٍ بِمَا كَسَبَ رَهِينٌ پریتھ اکھ شخصاہ چُھہ پننین کُفرہ چن کامین سیت نارس اندر بند کرنہ آمت سُہ روزہ محبوس تہ ماخوذ تتھی اندر کیازِہ کفرِ نشہ نجات ہنہ نچ چھنہ کانہہ صورتھاہ وَأَمْدَدْنٰهُم بِفٰكِهَةٍ وَلَحْمٍ مِّمَّا يَشْتَهُونَ بیہ ہرہ روواسہِ تمن جنتین میوہ تہ ماز سمہِ قسمکہ مازچ تمِ خاہش تہ رغبت کرِن پریتھ دوہہ يَتَنٰزَعُونَ فِيهَا كَأْسًا لَّا لَغْوٌ فِيهَا وَلَا تَأْثِيمٌ بیہ آسن تم خوش طبعی پاٹھ تھپہ تھپ تہ اکھ اَکِس نشہِ نچ کوشش کران شرابہ کِس تتھ پیالس یتھ منزہ بکواس آسہِ نہ کانہہ بے ہودہ کتھاہ آسہِ عقل و متانتس خلاف وَيَطُوفُ عَلَيْهِمْ غِلْمَانٌ لَّهُمْ كَأَنَّهُمْ لُؤْلُؤٌ مَّكْنُونٌ بیہ آسن تمن جنتین نشہِ میوہ وغارہ چیز برونٹھ کُن انہ خاطرہ پھیران تہ اورہ یور کران۔ خوبصورت، لوکٹ یم تہند خدمتہ خاطرہ مخصوص آسن تِمے آسن خوبصورتی تہ حُسن وجمالس اندر تِہِ تِہِ کران ہانکنہِ منز محفوظ تھونہ آمت موختہ ہی۔ تمن جنتین آسہِ روحانی مسرت تہ چنانچہ وَأَقْبَلَ بَعْضُهُمْ عَلٰى بَعْضٍ يَتَسَآءَلُونَ متوجہ سپدن تمو اَندرہ اڈی اڈین کُن کتھ باتھ کرنہ خاطرہ قَالُوٓا إِنَّا كُنَّا قَبْلُ فِيٓ أَهْلِنَا مُشْفِقِينَ اثناءِ گفتگوءس اندر دِمن تمِ اَس آس نادنیاء اسِ منز پننہ ہِس عیالس منز خدایہِ سندِس عذابس کھوژان فَمَنَّ اللّٰهُ عَلَيْنَا وَوَقٰنَا عَذَابَ السَّمُومِ پس تھاوِ بڈ

نَدْعُوْهُ ۭ اِنَّهٗ هُوَ الْبَرُّ الرَّحِيْمُ ۝٢٨ فَذَكِّرْ فَمَآ اَنْتَ بِنِعْمَتِ رَبِّكَ
بِكَاهِنٍ وَّلَا مَجْنُوْنٍ ۝٢٩ اَمْ يَقُوْلُوْنَ شَاعِرٌ نَّتَرَبَّصُ بِهٖ
رَيْبَ الْمَنُوْنِ ۝٣٠ قُلْ تَرَبَّصُوْا فَاِنِّىْ مَعَكُمْ مِّنَ الْمُتَرَبِّصِيْنَ ۝٣١
اَمْ تَاْمُرُهُمْ اَحْلَامُهُمْ بِهٰذَآ اَمْ هُمْ قَوْمٌ طَاغُوْنَ ۝٣٢ اَمْ يَقُوْلُوْنَ
تَقَوَّلَهٗ ۚ بَلْ لَّا يُؤْمِنُوْنَ ۝٣٣ فَلْيَاْتُوْا بِحَدِيْثٍ مِّثْلِهٖٓ اِنْ كَانُوْا

---

مِنت اُسهِ پيٺ خدا اَمَن اُس رڳهن جهنمجهِ عذاب نشهِ اِنَّا كُنَّا مِنْ قَبْلُ نَدْعُوْهُ اِنَّهٗ هُوَ الْبَرُّ الرَّحِيْمُ بے شک اُس آس اَز کہ برونٹھ دنیاء س منز تسی دعا منگان۔ بے شک سہ چھ سیٹھاہ احسان کرہ وُن، سیٹھاہ مهربان۔ توہہِ نش ئِلہِ اُسہِ اَمہِ قسمک مضامین سوز یمن منز جنتہ کین لوکن تہ جهنمہ کین لوکن هند حال بیان آو کرنہ فَذَكِّرْ فَمَآ اَنْتَ بِنِعْمَتِ رَبِّكَ بِكَاهِنٍ وَّلَا مَجْنُوْنٍ پَتہ تہِ مضمون بیان کرنہ سیت تارِوٚ فِکرہِ یارسول اللہ لوکن کیازہ توہہ چھوہ نہ ہرگز خدایہ سنزہِ مهربانی و فضلہ سیت کاہن تہ دیوانہ یتھہ پاٹھ تیمِ مشرک ونان چھہِ۔ توہہ چھوہ بے شک پیغمبر برحق۔ پیغمبرہ سنز کام چھہ مداومت کرن وعظ و تبلیغس پیٹھ اَمْ يَقُوْلُوْنَ شَاعِرٌ نَّتَرَبَّصُ بِهٖ رَيْبَ الْمَنُوْنِ کیاہ تِم چھا توہہِ شاعر زانِتھ ونان اُس پیارِو یمن زمانہ کین حادثاتن یتھہ پاٹھِ بے شاعر مرِ مرِ ختم گئے تہ مود تتھے پاٹھ گژھن تیم تہ یمہِ عالمہ قُلْ تَرَبَّصُوْا فَاِنِّىْ مَعَكُمْ مِّنَ الْمُتَرَبِّصِيْنَ توہہ فرماویو کھ یارسول اللہ جان گوو پیارِو توہہ کہ بہ تہِ چھس توہی سیت پیارہ وینو اَندرہ وچھو کسند کیتھ انجام سپدہ توہہ وچھو میون انجام کیتھ آسہِ۔ میہ چھہ امید میون انجام آسہِ کامیابی تہِ تہند انجام آسہ ناکامی اَمْ تَاْمُرُهُمْ اَحْلَامُهُمْ بِهٰذَآ اَمْ هُمْ قَوْمٌ طَاغُوْنَ کیاہ تمن چھا عقلہ تہنزہ تیمیک تمن دعوی چھہ یمہ کتھ ہیچھ ناوان کنہ تم چھہِ سرکش تہ شریر قوم کنہ رانڈہ چھہِ بینمت اَمْ يَقُوْلُوْنَ تَقَوَّلَهٗ بَلْ لَّا يُؤْمِنُوْنَ کیاہ تم چھاونان کہ یہ قرآن مجید چھہ آنحضرتو پانے بنوومت تہِ چھنہ ہرگز بلکہ چھنہ تم عنادہ سببہ اتھ قرآن مجیدس پژھ کران۔ ہرگاہ بالفرض تی آسہ فَلْيَاْتُوْا بِحَدِيْثٍ مِّثْلِهٖٓ اِنْ كَانُوْا صٰدِقِيْنَ تیلہِ اِن تن تم تہِ اتھ قرآن مجیدس ہیو کانہہ کلاماہ تم تہِ عربی

صٰدِقِيْنَ ﴿۳۴﴾ اَمْ خُلِقُوْا مِنْ غَيْرِ شَيْءٍ اَمْ هُمُ الْخٰلِقُوْنَ ﴿۳۵﴾ اَمْ خَلَقُوا
السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ ۚ بَلْ لَّا يُوْقِنُوْنَ ﴿۳۶﴾ اَمْ عِنْدَهُمْ خَزَآئِنُ رَبِّكَ
اَمْ هُمُ الْمُصَيْطِرُوْنَ ﴿۳۷﴾ اَمْ لَهُمْ سُلَّمٌ يَّسْتَمِعُوْنَ فِيْهِ ۚ فَلْيَاْتِ
مُسْتَمِعُهُمْ بِسُلْطٰنٍ مُّبِيْنٍ ﴿۳۸﴾ اَمْ لَهُ الْبَنٰتُ وَلَكُمُ الْبَنُوْنَ ﴿۳۹﴾ اَمْ
تَسْــَٔلُهُمْ اَجْرًا فَهُمْ مِّنْ مَّغْرَمٍ مُّثْقَلُوْنَ ﴿۴۰﴾ اَمْ عِنْدَهُمُ الْغَيْبُ

---

کلام کرہ نس پیٹھ قادر چھہ، فصیح و بلیغ چھہ چھیئے تمہ اتھ دعوی اس اندر پزِ زیر اَمْ خُلِقُوْا مِنْ غَيْرِ شَيْءٍ اَمْ هُمُ الْخٰلِقُوْنَ کیاہ تم چھا پادہ کرنہ آمت کُنہ چیزہ ورأے۔ یعنے پائے چھا پادہ سپدِ مت کانسہ خالقس ورأے کنہ تمیے چھہ پائے پانس پادہ کرہ ونی تہ خالق اَمْ خَلَقُوا السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بَلْ لَّا يُوْقِنُوْنَ کیاہ تموے کرہ آسمان تہ زمین پادہ۔ بلکہ چھنہ تم بوجہِ جہالت توحیدک یقینی کران تمن چھنہ پڑھے ریچ اَمْ عِنْدَهُمْ خَزَآئِنُ رَبِّكَ اَمْ هُمُ الْمُصَيْطِرُوْنَ کیاہ تمن لوکن نشہِ چھا تہندس پروردگارہ سندین رحمتن تہ نعمتن ہند خزانہ تمو نعمتو تہ رحمتو اندرہ نبوت تہ چھہ کہ تہنزہ خاہشہ مطابق ییس سو نبوّت عطا کرن یژھن تس کرن عطا کنہ تم چھہ تمہ محکمک زٹھ تہ میٹھ بنے مت یس خوش کریکھ تس دیاون نبوت اَمْ لَهُمْ سُلَّمٌ يَّسْتَمِعُوْنَ فِيْهِ فَلْيَاْتِ مُسْتَمِعُهُمْ بِسُلْطٰنٍ مُّبِيْنٍ کیاہ تمن نشہِ چھا کانہہ ہیراہ یتھ پیٹھ کھستھ تم بوزان چھہ آسمانچہ خبرہ۔ ہر گاہ تہ چھہ تیلہ کرن پیش تم خبرہ بوزہ ون کانہہ نن دلیلاہ یمہ سیت ثابت سپدِ کہ تم کیاہ چھہ واقعی بوزمت وحی الٰہی اَمْ لَهُ الْبَنٰتُ وَلَكُمُ الْبَنُوْنَ توحیدس انکار کرہ ون چھہ ملایکن دپان خدا یہ سنزہ کورہ۔ اے کافرو کیاہ خدا ئس گیا کورہ تجویز کرنہ یمہ توہہ پانس نامرغوب تہ ناپسند چھہ تہ توہہ گوہ پننہ خاطرہ نیچو اَمْ تَسْــَٔلُهُمْ اَجْرًا فَهُمْ مِّنْ مَّغْرَمٍ مُّثْقَلُوْنَ کیاہ توہہ چھوہ یارسول اللہ منگان تمن دمن حق واتناونہ خاطرہ مزدور تہ معاوضہ۔ تمہ نقصانک بور کیاہ چھنہ ہیکان تم برداشت کرتھ اَمْ عِنْدَهُمُ الْغَيْبُ فَهُمْ يَكْتُبُوْنَ کیاہ تمن نشہِ چھا علم غیب پوشیدہ تھ واژمژہ تمہ کیاہ چھہ تمو لیکھت تھاوِ تھ محفوظ تھاوِ مژہ ون چھنہ تمن رنج ضرور تھے۔ تمنے غیبہ چن تھن پیٹھ اطلاع

فَهُمْ يَكْتُبُونَ ﴿٤١﴾ أَمْ يُرِيدُونَ كَيْدًا ۖ فَالَّذِينَ كَفَرُوا هُمُ
الْمَكِيدُونَ ﴿٤٢﴾ أَمْ لَهُمْ إِلَٰهٌ غَيْرُ اللَّهِ ۚ سُبْحَانَ اللَّهِ عَمَّا يُشْرِكُونَ ﴿٤٣﴾
وَإِن يَرَوْا كِسْفًا مِّنَ السَّمَاءِ سَاقِطًا يَقُولُوا سَحَابٌ مَّرْكُومٌ ﴿٤٤﴾
فَذَرْهُمْ حَتَّىٰ يُلَاقُوا يَوْمَهُمُ الَّذِي فِيهِ يُصْعَقُونَ ﴿٤٥﴾ يَوْمَ
لَا يُغْنِي عَنْهُمْ كَيْدُهُمْ شَيْئًا وَلَا هُمْ يُنصَرُونَ ﴿٤٦﴾ وَإِنَّ
لِلَّذِينَ ظَلَمُوا عَذَابًا دُونَ ذَٰلِكَ وَلَٰكِنَّ أَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُونَ ﴿٤٧﴾

---

آسنہ موکھ کیاہ چھہِ تم قیامتس اِنکار کران۔ أَمْ يُرِيدُونَ كَيْدًا ۖ فَالَّذِينَ كَفَرُوا هُمُ الْمَكِيدُونَ کِنہ تمِ چھہِ صاحب رسالتس نسبت کانہہ آزار تہ تکلیف واتہ ناوٗن یژھان۔ یِمہٕ تِمو لوکو کُفر تہ انکار کورُتھ سپدٕن تِتھ آزارس تہ تکلیفس منز پانہ گرفتار۔ چنانچہ تمِ سپد تِتھ منز ناکام جنگِ بدرس منز گے واریاہ ڈانگر کافرن ہندمارہ أَمْ لَهُمْ إِلَٰهٌ غَيْرُ اللَّهِ کیاہ تِمن چھا معبودِ برحقس ورأے بییہِ کانہہ معبود اہ سُبْحَانَ اللَّهِ عَمَّا يُشْرِكُونَ اللہ تعالیٰ چھہ منزہ تہ پاک تمو ساروے چیزو نشہ یِم چیز تمِ لوکھ تِس شریک ٹھہراوان چھہِ مخالف لوکھ یعنے مُشرِک آسِ رسالتس متعلق وَنان کہ اَسِ مانون یہ صاحب تیٚلی پیغمبر یلہِ تمِ آسمانکہ طرفہ آسمانچ اکھ چھلاہ تراوہ ناوٗن وَإِن يَرَوْا كِسْفًا مِّنَ السَّمَاءِ سَاقِطًا يَقُولُوا سَحَابٌ مَّرْكُومٌ ہرگاہ تمِ وچھن تہِ آسمانچ اکھ چھلاہ وَس پیوان توتہِ انَن نہ تمِ ایمان۔ دمَن یہ چھہ پیو ٹھُس پیٹھ تھونہ آمُت اکھ اوبرہ ژروٹاہ۔ وون ییلہِ تمِ لوکھ اَمہ قسمک طاغی تہ باغی چھہِ تِمن لوکن نشہِ ایمانک توقع تھاوُن چھہ بےکار فَذَرْهُمْ حَتَّىٰ يُلَاقُوا يَوْمَهُمُ الَّذِي فِيهِ يُصْعَقُونَ یِمن تراوِیو کھ حضی یارسول اللہ تمِ لوکھ پنہِ نِس حالس پیٹھ یوتان تمِ سمہ کھن پنہِ نِس تِتھ دوہَس یِمہ دوہہ تِمن حِس تہِ ہوش وڈن یعنے قیامتک دوہ يَوْمَ لَا يُغْنِي عَنْهُمْ كَيْدُهُمْ شَيْئًا وَلَا هُمْ يُنصَرُونَ یِمہ دوہہ نہ تِمن کانہہ فائدہ دیہِ پنن مکر تہِ فریب یِمَس تمِ اسلامہ کِس مخالفتس منز دنیاہس اندر کران آس نہ ییکھ کُنہ طرفہ کانہہ مدد اہ کرنہ وَإِنَّ لِلَّذِينَ ظَلَمُوا عَذَابًا دُونَ ذَٰلِكَ وَلَٰكِنَّ أَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُونَ بییہ چھہ پزی پاٹھ یِمن ظالمن ہندہ خاطرہ

# وَاصْبِرْ لِحُكْمِ رَبِّكَ فَإِنَّكَ بِأَعْيُنِنَا وَسَبِّحْ بِحَمْدِ رَبِّكَ حِيْنَ تَقُوْمُ ﴿٤٨﴾ وَمِنَ الَّيْلِ فَسَبِّحْهُ وَإِدْبَارَ النُّجُوْمِ ﴿٤٩﴾

---

اُهو عذاب ڪيامت جي عذاب کان اڳ دنيا ۾ ايندو، مگر گھڻا انهيءَ ڳالهه کان بي خبر آهن. باقي اهو معلوم ڪونهي ته ڪهڙي وقت ايندو. انهيءَ ڪري حڪم آهي ته وَاصْبِرْ لِحُكْمِ رَبِّكَ فَإِنَّكَ بِأَعْيُنِنَا وَسَبِّحْ بِحَمْدِ رَبِّكَ حِيْنَ تَقُوْمُ توهان ڪجهه وقت پنهنجي پروردگار جي حڪم جو انتظار ڪريو ۽ صبر ڪريو. توهان متان انديشو ڪريو ته متان اهي ڪافر اوهان کي تڪليف پهچائين، اسين توهان جي حفاظت ڪنداسين. انهن ڪافرن جو عذاب نازل ٿيندو. توهان ڪوبه فڪر نه ڪريو. ڇو ته توهان اسان جي نظر هيٺ آهيو ۽ سدائين اسان جي حفاظت ۾ آهيو. هر وقت توهان جي دل تي ڪافرن جي غم جو اثر رهي ٿو. ان جو علاج هي آهي ته توهان پنهنجي پروردگار جي ياد ۽ تسبيح ۽ تحميد ڪندا رهو. وَمِنَ الَّيْلِ فَسَبِّحْهُ وَإِدْبَارَ النُّجُوْمِ يعني رات جي ڪجهه حصي ۾ تهجد جي نماز پڙهو ۽ جڏهن تارا لهڻ لڳن يعني صبح جي نماز به پڙهو. غرض ته دل کي خدا جي ياد ۾ مشغول رکو ته غم ۽ فڪر غالب نه پوندا.






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

وَالنَّجْمِ اِذَا هَوٰى ﴿۱﴾ مَا ضَلَّ صَاحِبُكُمْ وَمَا غَوٰى ﴿۲﴾ وَمَا يَنْطِقُ عَنِ
الْهَوٰى ﴿۳﴾ اِنْ هُوَ اِلَّا وَحْيٌ يُّوْحٰى ﴿۴﴾ عَلَّمَهٗ شَدِيْدُ الْقُوٰى ﴿۵﴾ ذُوْ

---

**وَالنَّجْمِ اِذَا هَوٰى** قَسم چھُ میہِ ستارُک ییلہِ سُہ لوسان چھُ۔ یتھ پاٹھ ستارہ چھُ پننہِ پَنُس سارِی سے مسافتس اندر، طلوعہ پیٹھ غروبس تان اورہ یور ڈلنہ ورأے سیودُے پکان تتھے پاٹھ چھِ آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم پننہ پَنُس ساری عُمر شریفس ابتداء پیٹھ انتہاءس تان گمراہی و ضلالتہ نشہِ محفوظ۔ چنانچہ یوہے چھُ جواب قسم یعنے اتھ کتھ پیٹھ چھُ قسم ہاونہ آمت **مَا ضَلَّ صَاحِبُكُمْ وَمَا غَوٰى** یہِ تہند پریتھ وقتہ سیت تہ برونٹھ کنہِ روزن وول پیغمبر، یہندین سارنے احوالن تہ افعالن ہنز توہہِ خبر چھُ، نہ ڈل تمِ راہ راستہ نشہِ نہِ کرکھ بُج دتھ اختیار۔ ضلال گو وسیز دتھ زانتھ بُجھ وتہ پکن۔ غوایت گو وسیز دتھ تراوِتھ بیہِ وتہِ پکُن **وَمَا يَنْطِقُ عَنِ الْهَوٰى** نہ چھِ تمِ پننہِ نفسانی خواہشہِ موجب کلام فرماوان یتھ پاٹھ توہہ ونان چھوہ **اِنْ هُوَ اِلَّا وَحْيٌ يُّوْحٰى** تہند ارشاد چھُ خالص وحی آسان یُس تمن کُن سوزنہ یوان چھُ خدایہِ سندہ طرفہ خواہ سُہ الفاظن ہندو وحی چھُ یتھ قرآن ونان چھِ، خواہ صرف معانین ہندو وحی چھُ یتھ سنت ونان چھِ اصل مقصد چھُ نفی کرن تتھ خیالس یُس کافر ونان اس کہ نعوذ باللہ تمِ کیاہ چھِ خدایس کُن نسبت کران غلط کتھن، تہِ ہرگز چھنہ اَمہِ پتہ چھُ اللہ تعالیٰ وحیک واسطہ بیان کران کہ **عَلَّمَهٗ شَدِيْدُ الْقُوٰى** کہ تمن چھُ امہِ وحیچ تعلیم کران سُہ ملک یعنے جبریل امین یُس سٹھاہ طاقتہ وول چھُ سُہ طاقت چھُن نہ حاصِل کورمُت بلکہ **ذُوْ مِرَّةٍ** چھُ تس سُہ طاقت ذاتی تہ پیدائیشی۔ یتھ پاٹھ اَکس رواتیس اندر پانہ جبریل امین پننہ طاقتک بیان کورمُت چھُ کہ میہ چھِ قوم لوطچہ بستی ژکہِ تلہ کھارِتھ آسمانس تانیو اناوِہ مژہ۔ آسمانس قریب واتناوِتھ چھُمکھ تلُک پیٹھ کورمُت۔ یوت چھُ سُہ طاقتہ وول۔ اَمس سے طاقتہ وال سندہ ذریعہ چھُ یہ مُقدس کلام توہہ تان واتناونہ آمت نعوذ باللہ کانسہِ شیطانہ سندہ

مِرَّةٍ ؕ فَاسْتَوٰى ۙ﴿۶﴾ وَهُوَ بِالْاُفُقِ الْاَعْلٰى ؕ﴿۷﴾ ثُمَّ دَنَا فَتَدَلّٰى ۙ﴿۸﴾
فَكَانَ قَابَ قَوْسَيْنِ اَوْ اَدْنٰى ۚ﴿۹﴾ فَاَوْحٰۤى اِلٰى عَبْدِهٖ مَاۤ اَوْحٰى ؕ﴿۱۰﴾ مَا

---

ذریعہ ڇھنہ واتناونہ آمُت تاکہ تُہندِہ کاہن آسنک آسہا احتمال۔ بلکہ ڇھہ ملایکن ہندِس سردارہ سندِہ ذریعہ واتناونہ آمُت۔ سمہِ کتھہ ہند ڇھنہ احتمال کہِ واتنوومُت کیاہ ڇھہ ملکنے مگر خبر چھاوَنہٕ ما آسہِ تَس پیٹھ تصرف کورمُت کانسہِ شیطانن کیازِہ تَس ملکس کور اللہ تعالیٰ صفت شدید القویٰ سیت۔ اَمہِ اَندرہ ڇھُ مطلب کہ شیطانہ سند مجالے ڇھنہ کہ سُہ کیاہیکہ کنہ قسمک تصرف کٔرِ تھ اَمِس قوتہٕ وٲلِس ملکس پیٹھ وحیک سلسلہ ختم سپدنہ پتہٕ ڇھُہ پانہ اللہ تعالیٰ اَن اَمہِ قرآن مجیدہ کہ حفاظتُک، امکہِ بعینہٖ ادا کرنُک ذِمہ ہیو تمت تہٕ وعدہ کورمُت اِنَّ عَلَیْنَا جَمْعَهٗ وَقُرْاٰنَهٗ دونی ڇھُہ بیاکھ شبہ کہ اَمِس وحیہِ کِس واسطس ملکس سیت ڇھا تُموِ تہندِس اصلی صورتس منز ملاقات کورمُت۔ تتھ متعلق ڇھُ ای زِہ واقعی یتہِ ڇھُ لبنہ آمُت۔ متعدد دفعہ ڇھُہ تمو جبریلِ امین وُڇھمت بیں صورتس منز فَاسْتَوٰى پس سپد سو سیود ایستادہٕ اکہ ڇھرِہ ڇھُہ لبنہ آمُت کہ اصلی صورتس منزتہٕ آوسہ تمن برونٹھ کُن وَهُوَ بِالْاُفُقِ الْاَعْلٰى درحالیکہ سُہ اوس آسمانہ کین بلند کِنارن پیٹھ آسمانہ کین اُفقن نزدیک ڇھنہ چیز صاف بوزنہ یِوان۔ وسطہ آسمانس کُن نظر دنِ ڇھہ باعثِ تکلیف سپدان اُفقِ اعلیٰ اَس پیٹھ وُڇھن ڇھُہ آسان تمی موکھ رود جبریلِ امین اُفقِ اعلیٰ اَس سیدِہ سیود۔ یہ گوو تمی دوہہ سمہِ دوہہ تمو خواہش کر جبریل امینس نشہِ کہ اے جبریل میہ ہاوِ ژِہ پنن اصلی صورت چنانچہ امام ترمذی سندہ روایتہٕ موجب آو وعدہ کرنہ کہ کوہِ حِراءس نکھ تل، موضع جیارس منز ییہِ یہ بعملِ۔ پس اون تشریف نبی کریمو صلی اللہ علیہ وسلم تتھ جایہِ تتہِ پیٹھ وُڇھکھ جبریل امین مشرقی افقن پیٹھ شہِ ہتھ پَر مژراوِ تھ تہِ آس واتمت مغربی افقن تانِ یہ وُڇھتھ سپدی نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم بے ہوش تو پتہٕ سپے زمینس پیٹھ۔ تو پتہٕ آو جبریل امین تمن نکھ تل انسانی صورتس اندر تسکین دِنہ خاطرہ تیمِ ذکر ڇھُ اَمہِ پتہٕ۔ الحاصل جبریل امین آوَ گوڈہ اُفقِ اعلیٰ اس پیٹھ اصلی صورتس منزیلہِ تِم بے ہوش سپدے تو پتہٕ آوسہ تمن نزدیک انسانی صورتس منز تیٚ گوو ثُمَّ دَنَا فَتَدَلّٰى تو پتہٕ آو جبریلِ امین تمن نکھ تل فَكَانَ قَابَ قَوْسَيْنِ اَوْ اَدْنٰى پس آس تمن دون منز دون کمانن یاژ جاے بلکہِ تمہِ خوتہٕ تہٕ کمے عربک عادت اوس کہ یلہِ زِہ شخص پانہ وَاَن کمالِ اتحاد و اتفاقہ خاطرہ

مَا كَذَبَ الْفُؤَادُ مَا رَاٰى ⑪ اَفَتُمٰرُوْنَهٗ عَلٰى مَا يَرٰى ⑫ وَلَقَدْ رَاٰهُ
نَزْلَةً اُخْرٰى ⑬ عِنْدَ سِدْرَةِ الْمُنْتَهٰى ⑭ عِنْدَهَا جَنَّةُ الْمَاْوٰى ⑮

---

سمکھان آس تم آس پنُن کمان سیت تلان ترِن کمانِ ہند۔ تنتی کور آسی اکھ اکی سندِ س تنتی کرِس سیت ملہٕ ناوان۔ یہ اوس علامت اتفاق واتحادِ صورُیک۔ اتھ سیت ہر گاہ اتحاد روحانی و قلبی تہٕ آسہاتلہٕ اوس یوان وننہٕ اَوادنٰی۔ تیٚنس تہٕ آولفظِ اَو اَدنٰی ہرہ روانہٕ سیت بیان کرنہٕ کہ جبریلِ امینس تہٕ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمس درمیان چھہ روحانی مناسبت تہٕ یوسہ مدارِ اعظم چھہ تہندِ ہ پورہ معرفج تہٕ زانی ہنز۔ الغرض جبریل امینہ سندِ ہ نزدیک ینہٕ سیت سُپد ترِن افاقہ و تسکین حاصل۔ توپتہٕ اِفاقہ سپدِ تھ۔ فَاَوْحٰۤى اِلٰى عَبْدِهٖ مَاۤ اَوْحٰى پتس سوز اللہ تعالیٰ اَن اَمِسے جبریلِ امینہ سندِ ہ ذریعہ پنہٕ بِس بندس محمد صلی اللہ علیہ وسلمس پیٹھ سُہ وحی یُس تمو سوز۔ یمہ وحیک تعین و تخصیص کرنہٕ چھنہٕ آمت۔ ممکن چھہ اَمسے جبریل امینہ سندِ س تعارفس متعلق آسہٕ کانہہ وحی یا بیہ کانہہ وحیاہ۔ اَمہٕ وقتہٕ تہٕ وحی نازل سپدن یُس خاص جبریلِ امینہ سندِ ہ تعارفک وقت اوس چھہ غالباً یمہٕ اَمرہ خاطرہ کہ سُہ سپدِ ہ تعار فکس معاملس اندر زیادہ ممد و معین۔ کیازِہ اَمہٕ ساتک وحی چھہ جبریلِ امینہ سندِ ہ اصلی صورتس منز ینہٕ موکھ قطعی و یقینی یلہٕ اَمہٕ وقتک وحی تہٕ صورتِ بشر تیک وحی برابر بییہ۔ اکی شانک تہٕ حقیقتک لبنہٕ بییہ یقین سپدِ ہ تمہٕ سیت کامل تہٕ پوختہ مَا كَذَبَ الْفُؤَادُ مَا رَاٰى غلطی کرنہٕ نبی کریمہ سندی دِل مبارکن تتھ منز یہ تمو چشمانِ مبارکو سیت ڈیٹھ یعنی جبریلِ امین ویٹھ تمو اچھو سیت اندری دوپ دِل مُبارکن کہ واقعی میانہٕ چشمہ یہ ڈیٹھان چھہ حقیقت تمہٕ چھہ وچھان بیشک جبریلِ امینہ سی اَفَتُمٰرُوْنَهٗ عَلٰى مَا يَرٰى اے کافرو کیاہ توہہ چھوہ اَمِس پیغمبر برحقس سیت قضیہ لاگان تتھ چیزس اندر یُس تمو پانہ ڈیٹھ پنہٕ نیو چشمانِ مبارکو۔ یہ جبریلِ امین چھنہٕ تمو اکی پھِرہ وچھمت وَلَقَدْ رَاٰهُ نَزْلَةً اُخْرٰى تمو چھہ وچھمت جبریل امین دوٚیمہٕ پھِرہ تہٕ اصلی صورتس منز وون رودنہٕ کانہہ اشکال تہٕ اعتراض عِنْدَ سِدْرَةِ الْمُنْتَهٰى بریہ کلِس نزدیک۔ حدیث شریفس منز چھہ آمت کہ سُہ چھہ اکھ بریہ کلاہ ستمس آسمانس پیٹھ۔ عالمِ بالا پیٹھ یم احکام تہٕ ارزاق وغیرہ سوزنہٕ یوان چھہٕ تم چھہ گوڈہ واتان اتھ بریہ کلِس تھلِ تہٕ پیٹھ چھہٕ ملائک واتناوان تم احکام وغیرہ زمینس پیٹھ یتھے پاٹھ یورہ بندن ہنزہ عملہٕ کھارنہٕ یوان تمہٕ تہٕ چھہ واتناونہٕ یوان اتھ سدرۃ المنتہٰی

# إِذْ يَغْشَى السِّدْرَةَ مَا يَغْشَىٰ ﴿١٦﴾ مَا زَاغَ الْبَصَرُ وَمَا طَغَىٰ ﴿١٧﴾

اس کھتل۔ تو پتہ چھِ واتناونہ یوان تمہِ عملہ تتہِ پیٹھ بعالمِ بالا۔ اتھ سدرۃ المنتہیٰ اُس تل چُھ جبریلِ امینہ سُند مقام۔ روایا تو سیت چُھ معلوم سپدان کہ امہ سدرۃ المنتہیٰ ہُک مول چُھ شیہِ مس آسمانس اندر شاخ تہ لنجہ چھس ستمس (٧) آسمانس پیٹھ پتھ پاٹھی جنتہ کین میون متعلق یہِ تھ پچھ کہ تِمن چھِ دنیا کین میون سیت صرف لفظی اشتراک حقیقت چُھ سیٹھاہ مختلف۔ تتک میوہ ہِن نہ قیاس کرنہ دنیا کین میون پیٹھ۔ دنیا کین میون چُھنہ مناسبتھے کانہہ تِمن میون سیت۔ یتھے پاٹھ چُھنہ سدرۃ المنتہیٰ اچ کیفیت سوی یوسہ دنیا کلین بربہ کین ہنز چھ بلکہ چھ تِمن منز فرق یوس زمینس تہ ستہ مس آسمانس منز چھ

عِنْدَهَا جَنَّةُ الْمَأْوَىٰ اتھ سدرۃ المنتہیٰ اُس نکھ تلے چھ باایمان تہ نیک بندن ہندِ روزنچ جائے یعنی سہ جنت یتھ منز باایمان نیکوکار اخروی زندگی بسر کرن۔ اَمہِ اندرہ سپد معلوم کہ باایمانن ہند مقام چھ جبریل امینہ سندس مُقامس نکھ تلے۔ الغرض کہ دوِیمہِ پھرہ وچھ نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم جبریلِ امین سدرۃ المنتہیٰ اُس نکھ تل۔ اَمہِ پتہ چُھ یوان بیان سہ وقت ییمہِ وقتہ نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم جبریل امین اصل صورتس منز وچھ۔ إِذْ يَغْشَى السِّدْرَةَ مَا يَغْشَىٰ یلہِ سدرۃ المنتہیٰ دول تمو چیزو ییمو ول۔ یعنی اللہ تعالیٰ سند انوار تہ تجلیات اُس تتھ پیٹھ ولنہ آمت۔ ملایکن ہنز کثرت تہ ہجوم اوس تیوت کہ ہر پنہ وتھرس پیٹھ اوس اکھ اکھ ملکھ روزِ تھ۔ اَکِس روایتس منز چھ آمت کہ ملایکو اوس اللہ تعالیٰ اس اجازت ہیو تمت کہ اس تہ وچھ ہون محبوبِ خدا اُس تہ کرہ ہو تھنز زیارت۔ اللہ تعالیٰ اَن دیُت تِمن اجازت تمی موکھ آئے سدرۃ المنتہیٰ اُس پیٹھ سونہ سندین پنہ پونپرن ہنزہ شکلہِ اندر۔ ابن کثیرن چُھ حضرت مجاہدس نشہِ یم عبداللہ ابن عباسہ سندی خاص شاگرد آس ییمہِ آیہ کریمہ کِس تفسیرس منز یم الفاظ نقل کرمت کان أغصان السدرة لؤ لؤاً وزبر جدًا یعنی سدرۃ المنتہیٰ اوس تیوت خوبصورت تہ خوش رنگ، سہ وچھنہ سیت اوس دل وو پھران۔ تمہِ وقتہ اوس اَمہ کلیک رونق تہ حُسن وجمال تمہِ قسمک کہ کانسہِ مخلوقہ سُند طاقتھ چھنہ سہ کیاہ کرہِ بیان الفاظن اندر۔ شاید حضرت صاحب المعراج صلی اللہ علیہ وسلمہ سند دیدارِ خدا چُھہ یمی آیہ کریمہ کس اشارس اندر درج آمت کرنہ سدرۃ المنتہیٰ بیہِ تمیک بے انتہاء رونق بیہ بے شمار ملائکن ہند اجتماع بیہ جبریلِ امینہ سنز اصلی صورت وشکل وچھتھ مَا زَاغَ الْبَصَرُ وَمَا طَغَىٰ دول نہ تھند نظر مبارک یعنے پتھ ژول نہ تہ وچھنہ نشہِ

لَقَدْ رَاٰى مِنْ اٰيٰتِ رَبِّهِ الْكُبْرٰى ﴿١٨﴾ اَفَرَءَيْتُمُ اللّٰتَ وَالْعُزّٰى ﴿١٩﴾
وَمَنٰوةَ الثَّالِثَةَ الْاُخْرٰى ﴿٢٠﴾ اَلَكُمُ الذَّكَرُ وَلَهُ الْاُنْثٰى ﴿٢١﴾
تِلْكَ اِذًا قِسْمَةٌ ضِيْزٰى ﴿٢٢﴾ اِنْ هِىَ اِلَّاۤ اَسْمَاۤءٌ سَمَّيْتُمُوْهَاۤ اَنْتُمْ

---

جيمکي وڃڻ جو حڪم ملي سگهي ٿو. نه ڇڏيو ٿئين نظر مبارڪ تن چيزن کان جن چيزن کي ڏسڻ جو حڪم نه هو. يعني مستقل مزاجي سان. ٿئين مزيد استقلال بيان ڪرڻ خاطر فرمايو الله تعاليٰ ان لَقَدْ رَاٰى مِنْ اٰيٰتِ رَبِّهِ الْكُبْرٰى بي شڪ ڏٺو هو يعني نبي ڪريم صلي الله عليه وسلم پنهنجي پروردگار جي قدرت جا وڏا وڏا عجائبات معراج شريف ۾ جن حديث شريف ۾ ذڪر آيل آهي ته تن عجائبات جي حضرات انبياءن سان ملاقات ارواحن سان ملاقات. جنت جو معائنو جهنم جو ملاحظو وغيره وغيره. هي عجائبات خدا جي عظمت جي معلوم ڪيا هئا. مگر تن ساري چيزن ڏسڻ اندر اوس شان مازاغ البصر وماطغي قائم. اي ڪافرو، مشرڪو حضرت رسول ڪريم جن پيغمبر برحق آهن، صاحب وحي آهن جن متعدد عقلي دليلن سان ثابت. تنهن جي موجب جيئن تو حيد جو حڪم فرمايو مگر توهين ته ڇوڻو پوتلين هنن پرستش ڪيو. اَفَرَءَيْتُمُ اللّٰتَ وَالْعُزّٰى ✽ وَمَنٰوةَ الثَّالِثَةَ الْاُخْرٰى ڪياه توهان ڇو هن پوتلين لات عزيٰ ۽ منوة جي حالت ۾ ذرا هن غور ڪيو مت ته ته توهان جي ها معلوم ٿئي ته قابل پرستش ڪنهن لات، عزيٰ ۽ منات، هي آهن مشرڪن هنن پوتلين هندي ناءُ. لات اوس شهر طايف جي لوڪن هند بوڊ پوتل. منات اوس قبيله، اوس وخزرج ۽ خزاعين هند بوڊ پوتل. پيم ته ترسيم درجگ پوتل اوس مڪه شريف جي دور مدينه شريف متصل اڪه پوتلاه. عزيٰ اس آهي قريش ته بني ڪنانه همو دو شوي خو ته بوڊ پوتل زانان نيس مڪس نزديڪ موضع نخلس منزا اوس. ياقوت حموي ڇٿه ونان معجم البلدان منز ڪه ڪافر آس تهن پوتلين خدا جي سنزه ڪورهِ ونان. ٻيه آس بعض ڪافر ملائڪن ته خدا جي سنز ڪورهِ زانتهه معبود زانان الله تعاليٰ ڇٿه فرماوان ڪه اَلَكُمُ الذَّكَرُ وَلَهُ الْاُنْثٰى ڪياه تهنده خاطره گيه ٿچوي خدا جي سنده خاطره گيه ڪوره. يعني يمه ڪوره توهه پنهِ خاطره ناپسند ڪران ڇوه تمه گيا لاگنهِ خدا ليس. سه ڇٿه ڪوره ته گبر آسنه نشهِ مبرا ته پاڪ تِلْكَ اِذًا قِسْمَةٌ ضِيْزٰى يه ڇٿه بي ربط ته لغو تقسيمه رت چيز گوده توهه پانس ييچه ته خراب چيز گوو نعوذ بالله خدا ليس. يه ڇٿه بنابر عرف ونه آمت ورنه خدا تعاليٰ ڇٿه اولاد آسنه نشهِ

وَاٰبَآؤُكُمْ مَّآ اَنْزَلَ اللّٰهُ بِهَا مِنْ سُلْطٰنٍ ؕ اِنْ يَّتَّبِعُوْنَ اِلَّا الظَّنَّ وَمَا تَهْوَى الْاَنْفُسُ ۚ وَلَقَدْ جَآءَهُمْ مِّنْ رَّبِّهِمُ الْهُدٰى ﴿٢٣﴾ اَمْ لِلْاِنْسَانِ مَا تَمَنّٰى ﴿٢٤﴾ ۖ فَلِلّٰهِ الْاٰخِرَةُ وَالْاُوْلٰى ﴿٢٥﴾ ع

وَكَمْ مِّنْ مَّلَكٍ فِى السَّمٰوٰتِ لَا تُغْنِىْ شَفَاعَتُهُمْ شَيْــًٔا اِلَّا مِنْۢ

---

مبر اتہِ پاک نہ چھِ، تس نچوی تہ نہ کوری اِنْ هِىَ اِلَّآ اَسْمَآءٌ سَمَّيْتُمُوْهَآ اَنْتُمْ وَاٰبَآؤُكُمْ مَّآ اَنْزَلَ اللّٰهُ بِهَا مِنْ سُلْطٰنٍ یمہِ معبودات چھِ مگر ناوے یات یم توہہِ تہ تہند یو مالیو تہ بڑ بوپانے ٹھہراوی مت چھوہ۔ اللہ تعالیٰ ان چھنہ یمن ہندہِ معبود آسنچ کانہہ دلیلاہ نازِل کرمژ اِنْ يَّتَّبِعُوْنَ اِلَّا الظَّنَّ وَمَا تَهْوَى الْاَنْفُسُ بلکہ چھِ یم یہندس معبود آسنس منز صرف بے بنیاد خیالن تہ نفسہ چن خاہش ہنز پیروی کران۔ وَلَقَدْ جَآءَهُمْ مِّنْ رَّبِّهِمُ الْهُدٰى حالانکہ یمن نشہِ چھُہ وو تمت تہندس پروردگارہ سندِہ طرفہ تس پیغمبر برحقہ سندہ واسطہ یُس پوز فرماوہ ؤن تہ خدایہ سندِس وَحیس پیروی کرہ ؤن چھُہ بوڈ ہدایت یعنی پنہ نِس دعویٰ اس پیٹھ چھنہ یمن کانہہ دلیلاہ۔ تتھ بدل یُس دعویٰ پیغمبر خدا کران چھُہ تمِ چھِہ بوزان مگر توتہِ چھنہ مانان تہ تسلیم کران یمہ امہ پتہ چھ اللہ تعالیٰ فرماوان کہ یم لُکھ چھناسا یمن معبودانِ باطلن ہنز عبادت تہ پرستش کران یمہ خیالہ کہ تم کیاہ کرن یمن شفاعت تہ سفارش اَمْ لِلْاِنْسَانِ مَا تَمَنّٰى کیاہ انسانس بنیاتی یمیک سُہ تمنا کرہِ تہِ بنہِ نہ ہرگز کیازہِ فَلِلّٰهِ الْاٰخِرَةُ وَالْاُوْلٰى پرتھ تمنا چھُہ خدایہِ سند سے اختیارس منز آخرتک تمنا تہ دنیاءک تمنا۔ پس یُسندِہ حقہ سُہ یژھِ تس کرہِ تہند تمنا پورہ۔ یہ کتھ چھ آمژ بیان کرنہ کہ اللہ تعالیٰ کرہِ نہ تہند یہ باطل تمنا زانہہ تہِ پورہ تمِ معبودانِ باطل ئہ ہیکن دنیاءس اندر یمن شفاعت کرتھ حاجت کڈنس منز نہ ہیکھ نکھ آخرتس اندر شفاعت کرتھ نجات دِنس اندر۔ یمِ پوتل تہ بے جان چیز کیاہ ہیکن شفاعت کرتھ یمن منز چھنہ تمچِ اہلیت تہ قابلیتھے۔ تتھ دربارس منز یم لوکھ اہل تہ قابل تہِ چھہ تمِ تہِ ہیکن نہ بے اجازت کینہہ کرہ نگ جرأت کرتھ چنانچہ وَكَمْ مِّنْ مَّلَكٍ فِى السَّمٰوٰتِ لَا تُغْنِىْ شَفَاعَتُهُمْ شَيْــًٔا وارياہ ملایکھ چھہ موجود آسمانن

بَعْدِ اَنْ يَّاْذَنَ اللّٰهُ لِمَنْ يَّشَآءُ وَيَرْضٰى ﴿٢٦﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ
بِالْاٰخِرَةِ لَيُسَمُّوْنَ الْمَلٰٓئِكَةَ تَسْمِيَةَ الْاُنْثٰى ﴿٢٧﴾ وَمَا لَهُمْ بِهٖ مِنْ
عِلْمٍ ؕ اِنْ يَّتَّبِعُوْنَ اِلَّا الظَّنَّ ۚ وَاِنَّ الظَّنَّ لَا يُغْنِىْ مِنَ الْحَقِّ
شَيْئًا ﴿٢٨﴾ فَاَعْرِضْ عَنْ مَّنْ تَوَلّٰى ۙ عَنْ ذِكْرِنَا وَلَمْ يُرِدْ اِلَّا الْحَيٰوةَ
الدُّنْيَا ﴿٢٩﴾ ذٰلِكَ مَبْلَغُهُمْ مِّنَ الْعِلْمِ ؕ اِنَّ رَبَّكَ هُوَ اَعْلَمُ بِمَنْ
ضَلَّ عَنْ سَبِيْلِهٖ ۙ وَهُوَ اَعْلَمُ بِمَنِ اهْتَدٰى ﴿٣٠﴾ وَلِلّٰهِ مَا فِى

---

اندر۔ تهندشان ٿهو آسڪهِ باوجود آيه نه ٿهنز شفاعت بڪارڪنهِ چيزه خاطره اِلَّا مِنْ بَعْدِ اَنْ يَّاْذَنَ اللّٰهُ لِمَنْ يَّشَآءُ وَيَرْضٰى مگر خدايه سندهِ اجازت پته تيس سه شفاعت ڪرنه خاطره راضي آسهِ اِنَّ الَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ لَيُسَمُّوْنَ الْمَلٰٓئِكَةَ تَسْمِيَةَ الْاُنْثٰى بے شڪ يمن لوڪن آخرتچ ته قيامچ پڙهه ڇهنه بلڪه تته انڪار ڪرنه سبه ڇههِ تم سزا ته بازپُرسه نشهِ بے فڪرسپدِ تهه سيٺهاه گستاخانه ڪته ڪران چنانچه دپان ڇهه ملائڪن ڪه تمه ڇهه زنانه خدايه سنزه ڪورهِ (نعوذ بالله) يهِ ڇهه ٿهنز محض جهالت ملائڪن ڪياه سنا تعلق ڇهه مرد يا زنانه آسنس سيت۔ خدايس اولاد آسنس سيت ڪياه تعلق ڇهه وَمَا لَهُمْ بِهٖ مِنْ عِلْمٍ حالانڪه تمن نشهِ ڇهنه اَته پيٺهه ڪانهه دليلاه اِنْ يَّتَّبِعُوْنَ اِلَّا الظَّنَّ تمِ ڇهنه پيروي ڪران مگر بے اصل خيالاتن وَاِنَّ الظَّنَّ لَا يُغْنِىْ مِنَ الْحَقِّ شَيْئًا بے شڪ بے اصل خيالات ڇهنه پزس مقابله ڪانهه فائده بخشان يلهِ يهُند عناد ثابت سپد معاندس نشهِ۔ قبول ڪرنچ اميد ڇهه بيڪار فَاَعْرِضْ عَنْ مَّنْ تَوَلّٰى عَنْ ذِكْرِنَا پس پهروتوهه پنن توجه تس شخص نشهِ يم ٿهه پهير سانهِ وعظ و نصيحته نشهِ وَلَمْ يُرِدْ اِلَّا الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا ييس نه ڪانهه خيالاه ڇهه دنياچه زندگي وراَئے يمه وجهه تس آخرتچ پڙهے ڇهنه آخرتڪه سزا وعذابه نشهِ ڇههِ تمِ بے فڪر ذٰلِكَ مَبْلَغُهُمْ مِّنَ الْعِلْمِ تهندهِ علمڪ ته فهمڪ نهايت ڇهه يوهے دنياهے يوت بيهِ نه ڪينهه۔ يله يهندهِ فهم و دانشهِ هند حال يه ڇهه لهذا مه بروتوهه ٿهنز ڪانهه فڪراه۔ تهند معامله تراَوو توهه خدايس اِنَّ رَبَّكَ هُوَ اَعْلَمُ بِمَنْ ضَلَّ عَنْ سَبِيْلِهٖ وَهُوَ اَعْلَمُ بِمَنِ اهْتَدٰى بے شڪ تهند

السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ ۙ لِيَجْزِيَ الَّذِيْنَ اَسَآءُوْا بِمَا عَمِلُوْا
وَيَجْزِيَ الَّذِيْنَ اَحْسَنُوْا بِالْحُسْنٰى ﴿٣١﴾ اَلَّذِيْنَ يَجْتَنِبُوْنَ كَبٰٓئِرَ الْاِثْمِ
وَالْفَوَاحِشَ اِلَّا اللَّمَمَ ۭ اِنَّ رَبَّكَ وَاسِعُ الْمَغْفِرَةِ ۭ هُوَ اَعْلَمُ بِكُمْ اِذْ
اَنْشَاَكُمْ مِّنَ الْاَرْضِ وَاِذْ اَنْتُمْ اَجِنَّةٌ فِيْ بُطُوْنِ اُمَّهٰتِكُمْ ۚ فَلَا تُزَكُّوْٓا

---

پروردگارے ڇُھه پڙزانه ڏن که ڪُهه ڇُھه تهنزِ ه وتهِ نشهِ ڈولت۔ سُی ڇُھه پڙزانه ڏن لُتس تیمِ وَتهِ لب راهِ راتس ڪُن۔ امی سیت سپُد ثابت تهند کمالِ علم وَلِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ هیهِ ڇُھه خدایهِ سندِ سے اختیارس منزتهِ سوٗری یه آسمانَن اندر تهِ زمینن اندر ڇُھه۔ امهِ سیت سُپد ثابت تمسنز کمال قدرت۔ وون یلهِ سُی ڇُھه صاحبِ کمالِ علم تهِ صاحبِ کمالِ قدرت تهِ تم سندین احکامَن تعمیل وعدمِ تعمیل که اعتباره سپُد مکلفین اندرزه قسم اڈی گے ضال تهِ گمراه اڈی گے مهتد تهِ هدایت یاب لِيَجْزِيَ الَّذِيْنَ اَسَآءُوْا بِمَا عَمِلُوْا وَيَجْزِيَ الَّذِيْنَ اَحْسَنُوْا بِالْحُسْنٰى یُتهِ سهٔ یچھ کامه کره وُنین عوض تهِ بدله دیهِ تمیک یهِ تموکور۔ بیهِ یتهِ سهٔ بدله تهِ عوض دیه تمن تِمو رژه کامه کره رژهِ مزورهِ تهِ جزا سیت۔ لهذا ڇُھه تهند یه شان منگان که لُتس گژهِ سُورے منگن تهِ پُهر اون اَلَّذِيْنَ يَجْتَنِبُوْنَ كَبٰٓئِرَ الْاِثْمِ وَالْفَوَاحِشَ اِلَّا اللَّمَمَ تمِ لوکھ گئے تِمے تیمِ بڑیو گنهو یعنے گناهِ کبیر وَنشهِ بیهِ بے حیائی هنزو کتھو نشهِ ڇُھهِ پتھ روزان مگرے تهندے کِن لوکٹ لوکٹ گناه آمت آسَن اِنَّ رَبَّكَ وَاسِعُ الْمَغْفِرَةِ بے شک تهندِس پروردگارِ ه سُند مغفرت ڇُھه سیٹھاه وسیع سه کرهِ تمن گُنهن مغفرت هُوَ اَعْلَمُ بِكُمْ اِذْ اَنْشَاَكُمْ مِّنَ الْاَرْضِ سهٔ زانهِ پور توهه تهِ تهندین حالاتن یتهِ پیٹھ یته پیٹھ تهِ یعنے تهند جدِ بزرگو آدم علیه السلام میژه پاده کورن۔ تهندس ضمنس اندر چھوه تهه میژه نشی پاده سپد مت وَاِذْ اَنْتُمْ اَجِنَّةٌ فِيْ بُطُوْنِ اُمَّهٰتِكُمْ بیهِ ڇُھه سُی تهه خوب زانان یلهِ تهه ماجن هنزن یڈن منزبچهِ آسوه۔ تیمن دو شوٗنی حالن اندر چھوه نه توههِ پننهِ پانچ کینهه خبر۔ اسهِ ڇُھه تهندین تیمن دونهِ ڈنِ وقتن هند حال پور، معلوم ونی کیٚس تهِ تهند پنن حال نه زانن سون تهند حال پور زانن۔ یه عجیب کتھ ڇُھنه بلکه ڇُھه یه حقیقت فَلَا تُزَكُّوْٓا اَنْفُسَكُمْ یلهِ کتھ یہے ڇُھه

أَنفُسَكُمْ ۖ هُوَ أَعْلَمُ بِمَنِ اتَّقَىٰ ﴿٣٢﴾ أَفَرَأَيْتَ الَّذِي تَوَلَّىٰ ﴿٣٣﴾ وَأَعْطَىٰ
قَلِيلًا وَأَكْدَىٰ ﴿٣٤﴾ أَعِندَهُ عِلْمُ الْغَيْبِ فَهُوَ يَرَىٰ ﴿٣٥﴾ أَمْ لَمْ يُنَبَّأْ
بِمَا فِي صُحُفِ مُوسَىٰ ﴿٣٦﴾ وَإِبْرَاهِيمَ الَّذِي وَفَّىٰ ﴿٣٧﴾ أَلَّا تَزِرُ
وَازِرَةٌ وِزْرَ أُخْرَىٰ ﴿٣٨﴾ وَأَن لَّيْسَ لِلْإِنسَانِ إِلَّا مَا سَعَىٰ ﴿٣٩﴾

---

پَس مه آسِو پَنهنِ پان مُقدس ته قابلِ تعريف زانته پانے پَنهنِ تعريف كران هُوَ أَعْلَمُ بِمَنِ اتَّقَىٰ پروردگارے زانهٖ پوره پاٹھ ترن تيمِ مُتقي ته پرهيزگار چهِ تَس چهه خبر كهه شخص چهه مُتقي ته كُهه چهنه اده آسَن تمن دوشوني نشهِ افعال تقوىٰ ظاهر سپدان أَفَرَأَيْتَ الَّذِي تَوَلَّىٰ توهه بوزوه اُو تان نيك لوكن هند صفت۔ وونِ بوزِو تمن بَدل بين لوكن هند حال۔ كياه توههِ وُچهونه يارسول الله سُه شخص يمِ دينِ حقه نِشهِ روگرداني كرته بُته پهير وَأَعْطَىٰ قَلِيلًا وَأَكْدَىٰ بيه تيمِ وعده كَرِ ته كم كينهه مال دُيت بيهِ لوڈن اَته پيٹھ۔ امام مجاهد وغيره چهه فرماوان كه تيمِ آياتِ چهِ نازِل سپدي متي وليد بن مغيرس متعلق۔ تمس پيٹھ سپز ود نبي كريم صلى الله عليه وسلم سندِ وعظ و نصيحتك اَثر۔ سُه سپز ومائل ايمان انه نس كُن۔ اك كافرن وون تَس بيهِ مه كرزه۔ چانِ ساري گناه تله به پانس پيٹھ چانهِ حقه يُس سزا تجويز سپد تته دمه به پنن پان۔ بشرطيكه زه دِكه مه يوت مال۔ تِم كورس اقرار۔ يُس رقم مُقرر آو كرنه تمه منزه دُيت نَس اكه قسط۔ بيه كورنس باقي رقم دنه نِشهِ اِنكار أَعِندَهُ عِلْمُ الْغَيْبِ فَهُوَ يَرَىٰ كيا تس شخص نِشهِ چها علم غيب تته كياه چهه سُه وچهان يمهِ ذريعه تس معلوم سُپد كه فلاں شخص سپدِه ميانه بدل عذابس گرفتار۔ أَمْ لَمْ يُنَبَّأْ بِمَا فِي صُحُفِ مُوسَىٰ * وَإِبْرَاهِيمَ الَّذِي وَفَّىٰ كياه تمس چها خبر كرنه آمژ تمهِ مضمونچ يُس موسىٰ عليه السلامه سندين صحفن منز چهه بيهِ يُس مضمون ابراهيم عليه السلامه سندين صحفن اندر چهه يمو پنن قول و قرار پوره كورمُت چهه يعني يمو خدايه سند ساري احكام پوره پاٹھ بجا انمت چهِ سُه مضمون گوديو ہے كه أَلَّا تَزِرُ وَازِرَةٌ وِزْرَ أُخْرَىٰ كانه شخص تله نه كانسهِ شخصه سندين گونهن هُند بور يمهِ طريقه كه گوناه كرهٕ ون كياه سپدِ گونهو نِشهِ بري۔ بيهِ چهه ترن صحيفن منزيهِ مضمون كه وَأَن لَّيْسَ

وَاَنَّ سَعْيَهٗ سَوْفَ يُرٰى ﴿٤٠﴾ ثُمَّ يُجْزٰىهُ الْجَزَآءَ الْاَوْفٰى ﴿٤١﴾ وَاَنَّ اِلٰى
رَبِّكَ الْمُنْتَهٰى ﴿٤٢﴾ وَاَنَّهٗ هُوَ اَضْحَكَ وَاَبْكٰى ﴿٤٣﴾ وَاَنَّهٗ هُوَ اَمَاتَ وَ
اَحْيَا ﴿٤٤﴾ وَاَنَّهٗ خَلَقَ الزَّوْجَيْنِ الذَّكَرَ وَالْاُنْثٰى ﴿٤٥﴾ مِنْ نُّطْفَةٍ
اِذَا تُمْنٰى ﴿٤٦﴾ وَاَنَّ عَلَيْهِ النَّشْاَةَ الْاُخْرٰى ﴿٤٧﴾ وَاَنَّهٗ هُوَ اَغْنٰى

---

لِلْاِنْسَانِ اِلَّا مَا سَعٰى بے شک انسانس سپدہ حاصل تی یہ تم پانہ کموومت تہ زیومت آسہِ وَاَنَّ سَعْيَهٗ سَوْفَ يُرٰى ہیہ یہ مضمون کہ بے شک امِس انسانہ سُند جدوجہد تہ سعی و تلاش تعمیل احکامن اندر ییہِ ملاحظہ کرنہ۔ ثُمَّ يُجْزٰىهُ الْجَزَآءَ الْاَوْفٰى تو پتہ ییہِ تس تمیک پور بدلہ دنہ۔ باوجودِ آں چھاسہ شخص سعی و کوشش کرنہ نشہِ غافل وَاَنَّ اِلٰى رَبِّكَ الْمُنْتَهٰى ہیہِ چھ یہ مضمون تمن صحیفن اندر کہ سارنی لوکن پتولا کہ واتن تہند سی پروردگارس نشہِ لہذا آتھِ پاٹھ چھ یہِ شخص بے خوف تہ سوکھ وَاَنَّهٗ هُوَ اَضْحَكَ وَاَبْكٰى ہیہِ چھ یہ مضمون کہ تہند پروردگارے چھ اَسہِ ناوان تہ وَدہ ناوان وَاَنَّهٗ هُوَ اَمَاتَ وَاَحْيَا ہیہِ چھ سے ماران تہ زندہ کران وَاَنَّهٗ خَلَقَ الزَّوْجَيْنِ الذَّكَرَ وَالْاُنْثٰى ہیہ چھ یہ مضمون کہ سے چھ دو شونی قسمن نر و مادس پادہ کران مِنْ نُّطْفَةٍ اِذَا تُمْنٰى اکس منی ہندِس قطرس یلہ سہ قطرہ چھُھ رِحمس یعنی بچہ دانہِ اندر واتناونہ یِوان۔ یُس پروردگار اکس منی ہندِس قطرس نر و مادہ پادہ ہیکہِ کرِتھ تس کُس کیاہ مشکل چھ دوبارہ پادہ کرن وَاَنَّ عَلَيْهِ النَّشْاَةَ الْاُخْرٰى ہیہ یہ مضمون کہ دوبارہ پادہ کرن تہِ چھ تہندِ وعدہ موجب تسِ مئہِ یعنی یہ چھ تمہِ طریقہ ضروری یتھہ پاٹھ کانسہِ کانہہ کاماہ مئہِ آسہِ وَاَنَّهٗ هُوَ اَغْنٰى وَاَقْنٰى ہیہ یہ مضمون کہ اللہ تعالیٰ ای چھ مالدار تہ غنی کران سے چھ مال و دولت محفوظ تھاوان یعنی مال و دولت تہ خزانہ تہ جائداد منقول چھ سے دِوان۔ بعضے مفسرو فرموو واقنی بمعنی أفقر یعنی سُی چھ مال عطا کران، سی محتاج و فقیر بناوان۔ ہرگاہ گوڈنیک معنی مراد ییہ بوزنہ تِلہ گوو تمیُک مقابل اھلك لیس برونٹھ پہن بیان ییہِ کرنہ تیلہِ گوو مطلب یُس پروردگار

مال و دولت عطا کرِتھ چھ نافرمانی ہندِ سببہ ہلاک و برباد کران وَاَنَّهٗ هُوَ رَبُّ الشِّعْرٰى ہیہ چھ یہ

وَ اَقْنٰى ﴿۴۸﴾ وَ اَنَّهٗ هُوَ رَبُّ الشِّعْرٰى ﴿۴۹﴾ وَ اَنَّهٗۤ اَهْلَكَ عَادَا ﰳالْاُوْلٰى ﴿۵۰﴾
وَ ثَمُوْدَاۡ فَمَاۤ اَبْقٰى ﴿۵۱﴾ وَ قَوْمَ نُوْحٍ مِّنْ قَبْلُ ؕ اِنَّهُمْ كَانُوْا هُمْ اَظْلَمَ
وَ اَطْغٰى ﴿۵۲﴾ وَ الْمُؤْتَفِكَةَ اَهْوٰى ﴿۵۳﴾ فَغَشّٰىهَا مَا غَشّٰى ﴿۵۴﴾ فَبِاَیِّ اٰلَآءِ
رَبِّكَ تَتَمَارٰى ﴿۵۵﴾ هٰذَا نَذِیْرٌ مِّنَ النُّذُرِ الْاُوْلٰى ﴿۵۶﴾ اَزِفَتِ

---

مضمون کہ سۓ پروردگار چھ ستارہ شعریٰ اُک مالک۔ یہ ستارہ چھُ اکھ بوڈ ستارہ یتھ عربک بعضے لوکھ آسِ پرستش کران یہِ زانتھ کہ عالمہ کین اکثر احوالن اندر چھُ امیُک تاثیر۔ یتہِ ئس آو بیان کرنہ کہ امہِ ستارہَ شعریٰ اُک مالِک تہِ چھُ اللہ تعالیٰ ای۔ دنیاہک ساری تغیرات چھِ اللہ تعالیٰ سندِس دستِ قدرتس اندر۔ یہ ستارہَ شعریٰ تہِ چھُ اَمُس ادنیٰ مزورہ سندی پأٹھ تمسند حکم بجاانان۔ تس منز چھنہ مستقل طور بذاتِ خود کانہہ تاثیر تہ اختیار۔ وَ اَنَّهٗۤ اَهْلَكَ عَادَا ﰳالْاُوْلٰى بیہِ چھُ یہ مضمون کہ تمیٔ پروردگارن کٔر ہلاک برونٹھم قومِ عاد یعنی ہود علیہ السلامہ سند قوم تہندہ کفرو نافرمانی ہندِہ سببہ وَ ثَمُوْدَاۡ فَمَاۤ اَبْقٰى بیہِ کور تمی ہلاک قومِ ثمود صالح علیہ السلامہ سُند قوم۔ پس تھوون نہ تمو منز کینہہ تہ باقی وَ قَوْمَ نُوْحٍ مِّنْ قَبْلُ تمن برونٹھ کورُن ہلاک نوح علیہ السلامہ سُند قوم اِنَّهُمْ كَانُوْا هُمْ اَظْلَمَ وَ اَطْغٰى بے شک تمِ آسِ سارِنے خوتہ زیادہ ظالِم تہ شریر تہ سرکش وَ الْمُؤْتَفِكَةَ اَهْوٰى بیہِ کرین ہلاک تلک پیٹھ کرنہ آمژہ بستی ہند لوکھ یعنے قومِ لوط علیہ السلام۔ تمِ دِتن ہیرِہ پیٹھ بون دارِ تھ فَغَشّٰىهَا مَا غَشّٰى تو پتہ وَلِ تمِ تمیٔ چیزن یم وَل یعنے پیٹھ اُو تمن کنہِ رود کرنہ۔ تتھ تل آی تم گالنہ امہِ پتہ چھُ یمن سارنے مضمونن ہیوند نتیجہ بیان کران کہ اے انسان یلہِ ژہِ اسہِ باخبر کرکھ تمو مضمونو سیت تمِ ذریعہ ہدایت آسنہِ وَجہہ بجای خود خدایہِ سنز اکھ نعمتاہ چھ لہذا فَبِاَیِّ اٰلَآءِ رَبِّكَ تَتَمَارٰى پنہ نِس پروردگارہ سندیو نعمتوِ اندرہ کتھ کتھ نعمتس کرکھ ژہ شک تہ انکار۔ تمِ کنیہ تمِ مضامین تمِ صحفِ ابراھیم علیہ السلام تہ صحف موسیٰ علیہ السلامس منز آسِ هٰذَا نَذِیْرٌ مِّنَ النُّذُرِ الْاُوْلٰى یہ پیغمبر برحق حضرت محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلم تہِ چھُ نافرمانن اکھ عظیم الشان بیم کرہوناہ برونٹھمیو بیم کرہ

الْاٰزِفَةُ ﴿٥٧﴾ لَيْسَ لَهَا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ كَاشِفَةٌ ﴿٥٨﴾ اَفَمِنْ هٰذَا
الْحَدِيْثِ تَعْجَبُوْنَ ﴿٥٩﴾ وَتَضْحَكُوْنَ وَلَا تَبْكُوْنَ ﴿٦٠﴾ وَاَنْتُمْ
سٰمِدُوْنَ ﴿٦١﴾ فَاسْجُدُوْا لِلّٰهِ وَاعْبُدُوْا ﴿٦٢﴾ السجدة

---

ونیوأندرہ۔ یہ پیغمبر مأنیون جلد کیازِہ آیہ اَزِفَتِ الْاٰزِفَةُ نزدیک یوہ ونِ قیامت ہیۄن نکھ مِنِ۔ تِم چھِ پیغمبر آخر الزمان۔ تمو فرمو و بعثت انا والساعة هکذا بوتہ قیامت آس سوزنہ آمژ یتھہ پاٹھی نکھہ نکھہ اشارہ ہوٗ کھ دویو انگشت مبارکو سیت۔ اکھ شہادتچہ اونجہ سیت بیہ منزِمہ اونجہِ سیت لَيْسَ لَهَا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ كَاشِفَةٌ ییلہِ سو قیامت پنہ نِس مقررہ وقتس پیٹھ ییہِ تتھہ چھنہ کانہہ اکھاہ خدا ایس ورای یتھہ کڈہ ون یس چھنہ کانسہِ پیٹھ بھروسہ کرتھہ بے فکری ہنز گنجایش اَفَمِنْ هٰذَا الْحَدِيْثِ تَعْجَبُوْنَ کیاہ یمہ خوف ناک کتھہ بوزِتھہ تہِ چھوہ تُہہ یتھ خدایہِ سندِس کلامِ پاکس نسبت تعجب کران وَتَضْحَكُوْنَ وَلَا تَبْكُوْنَ کیاہ بیہِ چھوہ تُہہ استہزاء تہِ ٹھٹھہ پاٹھہ یہ قرآن مجید بوزِتھ اَسان۔ عذابک خوف کھتھ کونہ چھوہ تُہہ ودان تہ روان وَاَنْتُمْ سٰمِدُوْنَ بیہِ چھوہ تُہی اطاعت و فرمانبرداری کرنہ نِشہ تکبر کران۔ اَمہِ تکبر تہ غفلتہ نِشہِ ییو باز تِمَس پیغمبر برحقہ سندِہ تعلیمہِ موجب فَاسْجُدُوْا لِلّٰهِ وَاعْبُدُوْا تکبر تہ غرور تراوِو پننی کلہ تراووز مینس پیٹھ معبود برحقہ سندِہ خاطرہ تھٔنزِ سے کرِو کانسہِ اَکس لتس شریک تھاونہ ورائے عبادت روایاتن اندر چھُہ آمُت تِمہِ ساتہ ییہِ سورۂ نجم پور حضرتِ رسول کریمن، تمو دیُت یہ آیہ کریمہ پرِتھ سجدہ۔ بیہ یم لوکھ اَتھ منز مسلمانو اندرہ بیہ کافر و اَندرہ آس، تمو سارِوے تہِ دیت بے اختیار پاٹھ سجدہ۔ صرف اَوس اکھ بدبخت کافر، تمی تُج اکھ میژہ موٹھاہ، سوی لاجن ڈیکس۔ دپنہ لوگ میہ چھُہ ایژے ہَن کافی۔






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

اِقْتَرَبَتِ السَّاعَةُ وَانْشَقَّ الْقَمَرُ ① وَاِنْ يَّرَوْا اٰيَةً يُّعْرِضُوْا وَيَقُوْلُوْا
سِحْرٌ مُّسْتَمِرٌّ ② وَكَذَّبُوْا وَاتَّبَعُوْٓا اَهْوَآءَهُمْ وَكُلُّ اَمْرٍ مُّسْتَقِرٌّ ③

---

ہجرت بروںٹھ آس نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم اِکہ دوہہِ بازار مناہس منز تشریف تھاو تھہ۔ کافرن ہندتہِ اوس اکھ بوڈ مجمعاہ تتہِ موجود۔ تتھ اندر کری کافرو تمن نشہِ معجزہ طلب۔ تمو فرموو کھ ای لوکو آسمانس کُن دیو نظر۔ اتی ؤچھ تمو سارِوے کہ زونہ گئے زہ اَڈ۔ اکھ حِصہّ پیو مغربس کُن بیاکھ حصہّ پیو مشرقس کُن۔ یمن دون حصن سپدی کوہ حائیل۔ یلہِ سارِوے لوکو ؤچھ یہ معجزہ۔ تو پتہ میلی یمِ دوشوے حِصہّ بیہِ پانہ وانِ۔ کافر لگ دپنہِ محمد صلی اللہ علیہ وسلمن ہیوت زونہِ پیٹھ جود کرون۔ یتھ معجزس چھہِ وناں شق القمر۔ امامِ طحاوی محدث بیہِ علامہ ابن کثیر وغیرہ چھہِ فرماوان یتھ واقعس منز تواتر یعنی یہ چھہ حدیث متواتر۔ یہ واقعہ چھہ تاریخ فرشتس منز موجود۔ ہندوستانس منز چھہ مہاراجہ مالیبارہ سندِ اسلام انہِ نک یوہے وجہ سپُد مُت۔ اللہ تعالیٰ چھہ فرماوان اِقْتَرَبَتِ السَّاعَةُ وَانْشَقَّ الْقَمَرُ قیامت آیہِ نزدیک۔ زونہِ گئے زہِ اَڈ۔ شقِ قمر چھہ نبی کریمہٓ سندیو معجزو اندرہ اکھ بُوڈ معجزہ امہِ کس واقع سپدنس اندر چھنہ کانہہ شکھاہ۔ اتھ چھہ صحابہ صابو اَندرہ روایت کَر مژ حضرت علی مرتضیٰ ان عبداللہ بن مسعودن انس بن مالکن، عبداللہ بن عباسن۔ حذیفہ بن الیمانن، جبیر بن مطعمن، عبداللہ بن عمرن، بیہ تہِ واریہو صحابہ صابو اَندرہ روایت کرمژ۔ اَتھ واقعس متعلق چھہِ حدیث شریف بخاری شریفس مسلم شریفس بین حدیث شریفہ چن کتابن اندر۔ بخاری شریفس اندر چھہ بروایت عبداللہ ابن مسعودیمہِ کتھہِ ہنز صراحت کہ صحابہ صاب آسِ امہِ واقعہ وِزِہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمن سیت حاضِر لفظ حدیث چھہ یتھہ پاٹھ کہ کنا مع رسول الله صلے الله علیه وسلم یعنی اَسِ آسِ پیغمبر خدایس سیت بازارِ مُنی اس اندر تمہِ ساتہ یلہِ یہِ واقعہ سپُد۔ امام بیہقی سندس روایتس اندر چھہ کہ ژورو طرفو یم لوکھ مکہ شریف

وَلَقَدْ جَآءَهُم مِّنَ الْأَنۢبَآءِ مَا فِيهِ مُزْدَجَرٌ ﴿٤﴾ حِكْمَةٌۢ بَالِغَةٌ فَمَا
تُغْنِ النُّذُرُ ﴿٥﴾ فَتَوَلَّ عَنْهُمْ يَوْمَ يَدْعُ الدَّاعِ إِلَىٰ شَيْءٍ نُّكُرٍ ﴿٦﴾
خُشَّعًا أَبْصَارُهُمْ يَخْرُجُونَ مِنَ الْأَجْدَاثِ كَأَنَّهُمْ جَرَادٌ مُّنتَشِرٌ ﴿٧﴾

---

واتِ تمو دوپ کہ اَسہِ تہِ وچھہ وتہِ زونہ زہ حصہٓ سپدان پنہ نیو اَچھو۔ لوکن اوس لازم یتھ مُعجزہ وچھتھ متاثر سپدُن لیکن تہنز حالت چھہ یہ کہ وَاِنْ يَّرَوْا اٰيَةً يُّعْرِضُوْا وَيَقُوْلُوْا سِحْرٌ مُّسْتَمِرٌّ اگر یمِ کافر کانہہ معجزہ وچھان چھہِ، سہ وچھتھ تہِ چھہِ تمِ بُتھہ پھران بییہ چھہِ دپان یہ چھہ جودا یُس نبوتک دعویٰ کرہ ونیو پتہ وَتھ پیش کورمُت چھہِ۔ یتھہ پاٹھ برونٹھمین مدعیان نبوتن ہندس جادس تہ سحرس کینہہ دراونہ، جلدے گوو ختم یتھے پاٹھ نیرہ نہ یتھ تہِ کینہہ کال یہ تہِ گژھہِ جلدے ختم وَكَذَّبُوْا وَاتَّبَعُوْٓا اَهْوَآءَهُمْ وَكُلُّ اَمْرٍ مُّسْتَقِرٌّ بییہ تمو کافرو اپزِس پیٹھ اصرار کٔرِ تھ پزِس اِنکار کورٕ بییہ کرکھ پنہ نین نفسانی خاہشن ہنز پیروی۔ تمی موکھ زونکھ پوز اپزٕ۔ معجزن وونکھ سحر تہ جو دیمن ہُند اثر جلدے ختم گژھہ وُن چھہ۔ پر یتھ کتھاہ چھہ پنہ نین اصلی حالاتن پیٹھ قرار کرہ ونی یعنے کینہہ کالاہ گژھتھ ننہِ پانے پزٕ یُگ پوز آسُن اپز یُگ اپزٕ آسُن۔ پانے ہگہِ لوکن زانُن فانی تہ گلہ وُن کیاہ چھہ، باقی تہ پوشہ وُن کیاہ چھہ وَلَقَدْ جَآءَهُمْ مِّنَ الْاَنْۢبَآءِ مَا فِيْهِ مُزْدَجَرٌ بتحقیق واتٕہ مژہ چھہ تمن لشہِ برونٹھمین اُمتن ہنزہ تمہِ خبرہ یمن منز کافی عبرت آس حِكْمَةٌۢ بَالِغَةٌ فَمَا تُغْنِ النُّذُرُ یعنی تمن خبرن منز آسہ پورہ حکمتہ چہِ تہ دانائی ہنزہ کتھہ مگر تمو تُل نہ کانہہ فایدہ تمو کتھو سیت پِس چھنہ کانہہ فایدہ دوان تمن بیم کرہ و نین ہُند بیم کرن۔ ییلہ تہنزہ حالتھ یہِ چھہ۔ فَتَوَلَّ عَنْهُمْ پُس تراوِ وُنہہ تہندِ خیال۔ پنن توجہ پھر وُنہہ تمن لشہِ۔ یعنی یتھ قرآنِ مجیدس منز چھہ حکمتچ تہِ عقلہِ ہنزہ کتھہ۔ کانہہ شخصاہ اگر اَتھ کُن نیک نیتی سان توجہ کرِہ تہندس دِلس پیٹھ پیہِ

ضرور اثر۔ مگر یمِ لوکھ چھہِ یتھی سنگ دِل تہ بد بخت، یمن چھُنہ کانہہ اثر سپدان۔ لہٰذا تراوِ وُنہہ تہِ تہند خیال۔ یمہِ وقتہ تمن امکہِ عقوبت و عذابک وقت واتہِ یمیُک تمن بیم کرنہ یوان چھہ تمہِ ساتہ وچھن تمِ امیک مزہ پانے يَوْمَ يَدْعُ الدَّاعِ اِلٰى شَيْءٍ نُّكُرٍ یمہِ دوہہ اکھ آلو دِوہ وُن ملکھ اکھ آلو دیہِ اَکِس ہیمناک ناگوار چیزس اَکِس کُن خُشَّعًا اَبْصَارُهُمْ تہنزہ اَچھہ آسن خوفہ تہ ہیبتہ سیت بون کُن۔ يَخْرُجُوْنَ مِنَ الْاَجْدَاثِ كَاَنَّهُمْ جَرَادٌ مُّنْتَشِرٌ قبرو منزہ نیرن تمِ یتھہ پاٹھ زَن تمِ تھکرنہ آمت ہالو آسن۔ مُّهْطِعِيْنَ اِلَى

مُّهۡطِعِيۡنَ اِلَى الدَّاعِؕ يَقُوۡلُ الۡكٰفِرُوۡنَ هٰذَا يَوۡمٌ عَسِرٌ ۸ كَذَّبَتۡ
قَبۡلَهُمۡ قَوۡمُ نُوۡحٍ فَكَذَّبُوۡا عَبۡدَنَا وَقَالُوۡا مَجۡنُوۡنٌ وَّازۡدُجِرَ ۹
فَدَعَا رَبَّهٗۤ اَنِّىۡ مَغۡلُوۡبٌ فَانۡتَصِرۡ ۱۰ فَفَتَحۡنَاۤ اَبۡوَابَ السَّمَآءِ بِمَآءٍ
مُّنۡهَمِرٍ ۱۱ وَّفَجَّرۡنَا الۡاَرۡضَ عُيُوۡنًا فَالۡتَقَى الۡمَآءُ عَلٰٓى اَمۡرٍ قَدۡ قُدِرَ ۱۲
وَحَمَلۡنٰهُ عَلٰى ذَاتِ اَلۡوَاحٍ وَّدُسُرٍ ۱۳ تَجۡرِىۡ بِاَعۡيُنِنَا جَزَآءً لِّمَنۡ كَانَ

---

الدَّاعِ قبرِ اندرہ نیر تھ ہین تم دوٗرن آلودوہ وٗس کُن یعنی حساپہ جاپہ جمع سپدنہ خاطرہ آلودوہ وٗن آلودوان آسہ۔ تتہٕ چہ بے شمار سختیہ وچھت يَقُوۡلُ الۡكٰفِرُوۡنَ هٰذَا يَوۡمٌ عَسِرٌ کافر آسن ونان یہ دوہ چھ سیٹھے سخت كَذَّبَتۡ قَبۡلَهُمۡ قَوۡمُ نُوۡحٍ یمن لوکن برونٹھ چھ کورمُت اِنکار پننہ پیٖس پیغمبرس نوح علیہ السلامہ سندے قومن فَكَذَّبُوۡا عَبۡدَنَا وَقَالُوۡا مَجۡنُوۡنٌ وَّازۡدُجِرَ پس کور تمو انکار سانس بندۂ خاصس نوح علیہ السلامس بیہ ونکھ تمن نسبت کہ یہ چھ مُوت تہٕ دیوانہ۔ ہیہ آیہ تمن دھمکی تہٕ دِنہ۔ تم آس تمن ونان کہ اَی نوح ہرگاہ تُہہ اَمہِ تبلیغہ نِشہِ پتھ روزِونہ اَس کروہ تہی سنگسار۔ فَدَعَا رَبَّهٗۤ اَنِّىۡ مَغۡلُوۡبٌ فَانۡتَصِرۡ ادہ مُونگ نوح علیہ السلامن پننہ پیٖس پروردگارس دُعا کہ میانہِ پروردگارہ بو آس عاجز یمن لوکن فہمائش کران تہٕ وعظ و نصیحت کران۔ تمن چھنہ کینہہ تہٕ بنان۔ ودِن ہیہ ژے یمن نِشہِ پننہ دینگ تہٕ پننہ پیٖس پیغمبرہ سُند انتقام زمینس پیٹھ مہٕ تراوُن تمو اندرہ اکھ تہٕ زِندہ۔ بوٗ پوٗشہ نہ تمن ژے پوٗشہِ ہکھ۔ پُس کُر اَسہِ تہندِس منگنس اِجابت فَفَتَحۡنَاۤ اَبۡوَابَ السَّمَآءِ بِمَآءٍ مُّنۡهَمِرٍ پُس مژراوی اَسہِ آسمانن ہندی دروازہ یپاری کُنی رودہ شرانہِ وژھہ وَّفَجَّرۡنَا الۡاَرۡضَ عُيُوۡنًا ہیہ کُر اَسہِ جاری زمینکِ ساری

چشمہ، ناگہ راد۔ فَالۡتَقَى الۡمَآءُ عَلٰٓى اَمۡرٍ قَدۡ قُدِرَ پُس رلیو (آسمانک تہٕ زمینک) آب سو کام پوٗرہ کرنہ خاطرہ یوسہ نوح علیہ السلامہ سُند قوم ہلاک تہٕ تباہ کرنہ خاطرہ مُقرر تہٕ مُقدر کرنہ آس آمژ۔ چنانچہ تم ساری کافر سپد ہلاک وَحَمَلۡنٰهُ عَلٰى ذَاتِ اَلۡوَاحٍ وَّدُسُرٍ نوح علیہ السلامس اَمہِ طوفانہ نِشہِ نجات دِنہ خاطر کھور اَسہِ سُہ تُتھ ناوِہ منز یوسہ پھٹو تہٕ میخو سیت تیار کرنہ آس آمژ تَجۡرِىۡ بِاَعۡيُنِنَا یوسہ ناو پکان

كُفِرَ ﴿١٤﴾ وَلَقَد تَّرَكْنٰهَآ اٰيَةً فَهَلْ مِنْ مُّدَّكِرٍ ﴿١٥﴾ فَكَيْفَ كَانَ عَذَابِيْ
وَنُذُرِ ﴿١٦﴾ وَلَقَدْ يَسَّرْنَا الْقُرْاٰنَ لِلذِّكْرِ فَهَلْ مِنْ مُّدَّكِرٍ ﴿١٧﴾ كَذَّبَتْ
عَادٌ فَكَيْفَ كَانَ عَذَابِيْ وَنُذُرِ ﴿١٨﴾ اِنَّآ اَرْسَلْنَا عَلَيْهِمْ رِيْحًا صَرْصَرًا
فِيْ يَوْمِ نَحْسٍ مُّسْتَمِرٍّ ﴿١٩﴾ تَنْزِعُ النَّاسَ كَاَنَّهُمْ اَعْجَازُ نَخْلٍ
مُّنْقَعِرٍ ﴿٢٠﴾ فَكَيْفَ كَانَ عَذَابِيْ وَنُذُرِ ﴿٢١﴾ وَلَقَدْ يَسَّرْنَا

---

آس سانئين اَچهن تل آبہ پيٺهِ امن واطمينان سان۔ تمِ ساري ھيٺه ٿيو نوح عليہ السلام س پڙهه ڪر مڙ آس جَزَآءً لِّمَنْ كَانَ كُفِرَ ييہ سُورے کور اَسہِ تَس شخصہ سُند بدلہ هينہ خاطره ئيس بے قدري تہ اِنکار کرنہ آو۔ اَمہِ اندره چهہ مراد نوح عليہ السلام۔ کيازهِ خدايہ سندِ س پيغمبر س اِنکار کرن گو و خدائيس اِنکار کرن وَلَقَد تَّرَكْنٰهَآ اٰيَةً فَهَلْ مِنْ مُّدَّكِرٍ بيشک اَسہِ ٿهاوسوناو نوح عليہ السلام س پتہ وار يهس کالس باقي پننہِ قدرتک اکه نشانہ يُتهِ لوکهہ نصيحت تہ عبرت رٹن۔ پس چهاسنا کانہہ اَمہِ واقعہ سيت عبرت تہ نصيحت رٹہ وناه۔ يم فکر کرن کہ خدائيس نافرماني سيت کوسہ تباهي تہ بربادي چهہ گڙهان يا گوو معنیٰ کہ يہ واقعہ تهوواسہِ قصن تہ تذکرن اندر جاري۔ يُتهِ لوکهہ يہ بوزتهہ عبرت رٹن عبرت رٹهہ زائن تمِ فَكَيْفَ كَانَ عَذَابِيْ وَنُذُرِ پس کيُتهہ اوس ميون عذاب بيہ کيُتهہ پوزدراو ميون بيم کرن وَلَقَدْ يَسَّرْنَا الْقُرْاٰنَ لِلذِّكْرِ فَهَلْ مِنْ مُّدَّكِرٍ بے شک بيہ کوراَسہِ يہ قرآن مجيد يتهہ منزامي قسمکِ قصہ چهہ سهل تہ آسان نصيحت رٹنہ خاطره پس چهاکانہہ تيار نصيحت حاصل کرنہ خاطره كَذَّبَتْ عَادٌ فَكَيْفَ كَانَ عَذَابِيْ وَنُذُرِ قومِ عادن تہ کور پننہ نِس پيغمبر هود عليہ السلام س اِنکار پس يُوزِونهہ تهند قصہ تهندِ ه خاطره کيُتهہ اوس ميون عذاب تہ ميون بيم کرن۔ سُہ قصہ چهہ يتهہ پاٹھ اِنَّآ اَرْسَلْنَا عَلَيْهِمْ رِيْحًا صَرْصَرًا فِيْ يَوْمِ نَحْسٍ مُّسْتَمِرٍّ کہ اَسہِ سوزتمنِ پيٺه اکه تيز واواه اکه پُوشہِ ونہ يِس پهيِٹل دوهس اندر يعنے سُہ زمانہ اوس تهندِ ه حقہ پهيِٹل۔ چنانچہ سو نحوستهہ وُڑهہ نہ تمنِ نِشہِ يُو تاَن نہ تمِ ساري هلاک تہ برباد سپد تَنْزِعُ النَّاسَ كَاَنَّهُمْ اَعْجَازُ نَخْلٍ مُّنْقَعِرٍ تمو آسِ پننے پان شستره وين کو ٹين ستی ہانکلو ستی بند کرمت۔ تمِ

الْقُرْاٰنَ لِلذِّكْرِ فَهَلْ مِنْ مُّدَّكِرٍ ﴿۲۲﴾ كَذَّبَتْ ثَمُوْدُ بِالنُّذُرِ ﴿۲۳﴾
فَقَالُوْٓا اَبَشَرًا مِّنَّا وَاحِدًا نَّتَّبِعُهٗٓ اِنَّآ اِذًا لَّفِيْ ضَلٰلٍ وَّسُعُرٍ ﴿۲۴﴾
ءَاُلْقِيَ الذِّكْرُ عَلَيْهِ مِنْۢ بَيْنِنَا بَلْ هُوَ كَذَّابٌ اَشِرٌ ﴿۲۵﴾ سَيَعْلَمُوْنَ
غَدًا مَّنِ الْكَذَّابُ الْاَشِرُ ﴿۲۶﴾ اِنَّا مُرْسِلُوا النَّاقَةِ فِتْنَةً لَّهُمْ

---

کوٹِ آسکھ بندکٔر متی۔ باوجود آں اوسکھ سٕہ واوزینہ منزہ کڈان تو پتہ کوٹیو سان ہیور کھاران۔ ہیور کھار تھ زمینس پیٹھ ٹھاسہِ وان۔ کلہِ ہیرہِ آسکھ ژھنان باقی بدن تھٕہند اوس زمینس پیٹھ یوان زٕن سٕہ مولہ کڈنہ آمت خضر کل ہیو آسان اوس اتھ اندر چھہ بیاکھ تشبیہہ تھٕہندِس دراز قد آسنس اندر۔ باوجود تنومند تہٕ قدبلند آسنہٕ تراوتمِ واوٕن پتھر مولہ کڈنہ آمتِ خضر کلی ہو۔ فَكَيْفَ كَانَ عَذَابِيْ وَنُذُرِ پس چھکھہ وچھان ژہ کہ کیتھہ اوس میون عذاب، میون بیم کرن وَلَقَدْ يَسَّرْنَا الْقُرْاٰنَ لِلذِّكْرِ فَهَلْ مِنْ مُّدَّكِرٍ بے شک کوراسہٕ قرآن مجید نصیحت حاصل کرنہ خاطرہ سہل تہٕ آسان۔ پس چھاکانہہ نصیحت رٹہ وناہ كَذَّبَتْ ثَمُوْدُ بِالنُّذُرِ قوم ثمودن تہٕ کور بیم کرہ وُنین پیغمبرن اِنکار یعنی صالح علیہ السلامس۔ اکس پیغمبرس انکار کرن گووسارِنے پیغمبر انکار کرن فَقَالُوْٓا اَبَشَرًا مِّنَّا وَاحِدًا نَّتَّبِعُهٗٓ تمِ لگِ دپنہٕ کیاہ اَس کرودِتھ سے اکس شخصہ سنز پیروی تہٕ متابعت یُس اسی منزہ اکھ انساناہ مجنون زن چھہ۔ سیت چھُس نہ کانہہ تہٕ۔ نہ چھُس نوکر چاکر۔ نہ چھُس پیروکار اَسِ ہرگاہ اَسی سنز پیروی کرو اِنَّآ اِذًا لَّفِيْ ضَلٰلٍ وَّسُعُرٍ یقیناً چھہِ اَس تیلہِ بجہ غلطی اندر بلکہ مژرس تہٕ جنونس اندر واقع سپدہ ونی۔ خیل قصاہ چھہ ءَاُلْقِيَ الذِّكْرُ عَلَيْهِ مِنْۢ بَيْنِنَا بَلْ هُوَ كَذَّابٌ اَشِرٌ بلکہ چھہ یہِ دعوے کرنس اندر بوڈاپزیور۔ یہ چھہ بوڈبنٕ یژھان۔ سردارِ قوم بنٕ یژھان اللہ تعالیٰ ان فرموو صالح علیہ السلامس یمن

دیوتھہ وورنہ۔ غم مہ بٕر وکینہہ سَيَعْلَمُوْنَ غَدًا مَّنِ الْكَذَّابُ الْاَشِرُ یمن سپدہ پگہے معلوم کہ بوڈاپز یور شیخی باز کہہ اوس۔ تمِ لوکھ یُس معجزہ طلب کران چھہ کہ پلہِ منزہ گژھہِ اونٹ نیرنی۔ اِنَّا مُرْسِلُوا النَّاقَةِ فِتْنَةً لَّهُمْ اَسِ چھہٕ تھٕہنزی فرمائشہِ تہٕ درخواستہ موجب کنہ منزہ دونٹ کڈان تمن

فَاۡرۡتَقِبۡهُمۡ وَاصۡطَبِرۡ ﴿٢٧﴾ وَنَبِّئۡهُمۡ اَنَّ الۡمَآءَ قِسۡمَةٌۢ بَيۡنَهُمۡ‌ۚ
كُلُّ شِرۡبٍ مُّحۡتَضَرٌ ﴿٢٨﴾ فَنَادَوۡا صَاحِبَهُمۡ فَتَعَاطٰى فَعَقَرَ ﴿٢٩﴾
فَكَيۡفَ كَانَ عَذَابِىۡ وَنُذُرِ ﴿٣٠﴾ اِنَّاۤ اَرۡسَلۡنَا عَلَيۡهِمۡ صَيۡحَةً
وَّاحِدَةً فَكَانُوۡا كَهَشِيۡمِ الۡمُحۡتَظِرِ ﴿٣١﴾ وَلَقَدۡ يَسَّرۡنَا الۡقُرۡاٰنَ لِلذِّكۡرِ
فَهَلۡ مِنۡ مُّدَّكِرٍ ﴿٣٢﴾ كَذَّبَتۡ قَوۡمُ لُوۡطٍۢ بِالنُّذُرِ ﴿٣٣﴾ اِنَّاۤ اَرۡسَلۡنَا

---

آزماونہ خاطرہ۔ **فَارۡتَقِبۡهُمۡ وَاصۡطَبِرۡ** ژٕس روزِو تُہہ تھندین حرکات و سکناتن ژٕر ژان بیہِ بہو تُہہ صبرہ سان بیلہِ یہ ووٚنِٹن پادہ سپدِہ **وَنَبِّئۡهُمۡ اَنَّ الۡمَآءَ قِسۡمَةٌۢ بَيۡنَهُمۡ** بیہِ وَنو پنہٕ ژٕس قومَس کہ کیرک آب آو تقسیم کرنہ تہٕ باگرنہ تمنِ منز تہٕ اَسس ووٚنٹنہِ منز آب چیِس یعنی تھندین چاروایِن منز آیہ وارِ مُقرر کرنہ۔ اکہ دوہہٕ آسہِ آب چیوان یہ ووٚنِٹن بیہِ دوہہٕ آسن چیوان تھندے چاروأیی **كُلُّ شِرۡبٍ مُّحۡتَضَرٌ** پرٕیتھ دوہہٕ آسہِ پنٕنہِ وارِہ پیٹھ پرٕیتھ اَکھاہ حاضر سپدان۔ چنانچہ ووٚنِٹن سپز پادہ پلہ منزہ۔ صالحِ علیہ السلامن فرموو تمن تِتھے پاٹھ یتھہ پاٹھی ارشادِ خداوندی اوس۔ مگر تِم آیی اَمہِ نوبت تہٕ وار مُقرر کرنہ سیت سخت عاجز تہٕ تنگ تموٕ کور یہِ ووٚنِٹن مارنہ خاطرہ پنُن اکھ شخصاہ مُقرر **فَنَادَوۡا صَاحِبَهُمۡ فَتَعَاطٰى فَعَقَرَ** تو پتہٕ دُیت نادِ تموٕ تس شخصس یُس تموٕ اَمہِ کامہِ خاطرہ مُقرر کرنہ آمُت اوس یعنی قیدارس۔ تمیٚ ژٕ شمشیرہِ ژنڈ سوی لاین اَمِس ووٚنٹنہِ تمی سیت ژٕٹِس ہہہِ نار **فَكَيۡفَ كَانَ عَذَابِىۡ وَنُذُرِ** ژٕس وٕچھو نہ کہ میون عذاب تہٕ کھوژہ ناون کیتھ اوس تھندِہ حقہ سہ گووای کہِ **اِنَّاۤ اَرۡسَلۡنَا عَلَيۡهِمۡ صَيۡحَةً وَّاحِدَةً فَكَانُوۡا كَهَشِيۡمِ الۡمُحۡتَظِرِ** اَسہِ لایہِ ناو تمن جبریلِ امینہ سنز گِنی کرٕیکھ یمہِ سیت تِم ہُرٕ تھ پیٚے کنڈ مورین ہندِہ دیوار کی پاٹھ یُس خشک گرٕ ھتھ پھٕٹہ تُجہ تُجہ پتھر پیوان جبریلِ امینہ سنزِہ تمہِ کرٕیکہِ ستی پھٹ تمن جگر **وَلَقَدۡ يَسَّرۡنَا الۡقُرۡاٰنَ لِلذِّكۡرِ فَهَلۡ مِنۡ مُّدَّكِرٍ** بے شک اَسہِ کور قرآن مجید سہل تہٕ آسان نصیحت رٹنہ

خاطرہ۔ پس چھا کانہہ نصیحت رٹہٕ وناہ **كَذَّبَتۡ قَوۡمُ لُوۡطٍۢ بِالنُّذُرِ** لوط علیہ السلامہ سند قومن تہٕ کور بیم کرہونین پیغمبرن اِنکار **اِنَّاۤ اَرۡسَلۡنَا عَلَيۡهِمۡ حَاصِبًا** اسہ کور تمن پیٹھ گنہِ رُود **اِلَّاۤ اٰلَ لُوۡطٍ‌ؕ نَجَّيۡنٰهُمۡ بِسَحَرٍ**

عَلَيْهِمْ حَاصِبًا اِلَّآ اٰلَ لُوْطٍ ؕ نَجَّيْنٰهُمْ بِسَحَرٍ ﴿٣٤﴾ نِّعْمَةً مِّنْ عِنْدِنَا ؕ
كَذٰلِكَ نَجْزِيْ مَنْ شَكَرَ ﴿٣٥﴾ وَلَقَدْ اَنْذَرَهُمْ بَطْشَتَنَا فَتَمَارَوْا
بِالنُّذُرِ ﴿٣٦﴾ وَلَقَدْ رَاوَدُوْهُ عَنْ ضَيْفِهٖ فَطَمَسْنَآ اَعْيُنَهُمْ فَذُوْقُوْا
عَذَابِيْ وَنُذُرِ ﴿٣٧﴾ وَلَقَدْ صَبَّحَهُمْ بُكْرَةً عَذَابٌ مُّسْتَقِرٌّ ﴿٣٨﴾ فَذُوْقُوْا
عَذَابِيْ وَنُذُرِ ﴿٣٩﴾ وَلَقَدْ يَسَّرْنَا الْقُرْاٰنَ لِلذِّكْرِ فَهَلْ مِنْ
مُّدَّكِرٍ ﴿٤٠﴾ وَلَقَدْ جَآءَ اٰلَ فِرْعَوْنَ النُّذُرُ ﴿٤١﴾ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا كُلِّهَا

---

مگر نہ لوط علیہ السلام سندس عيالس۔ تمن کي اسان نجات سحر کہ وقت پاسِ آخرس تمہ شہر منزہ
نيبر کڈنہ سيت نِّعْمَةً مِّنْ عِنْدِنَا محض پنہ فضل تہ مہرباني سيت كَذٰلِكَ نَجْزِيْ مَنْ شَكَرَ تےهي پاڻ
چهہ اسِ بدلہ ڊوان باايمان تہ شکر گذار بندن۔ تم ٺهکي اسي پنہ قہرہ نشہ بچاوان وَلَقَدْ اَنْذَرَهُمْ
بَطْشَتَنَا فَتَمَارَوْا بِالنُّذُرِ * وَلَقَدْ رَاوَدُوْهُ عَنْ ضَيْفِهٖ بيشک عذاب ينہ برونٹھ کھوڑہ ناوے تم لوط عليہ
السلام سانہ گرفتاري نشہ مگر توتہ لگ تم تورہ بحث کرنہ سيت تتھ بيم کرنس انکار کرنہ۔ يلہ لوط عليہ
السلامس نشہ ساني ملکھ خوب صورت لوکٹن ہنزہ شکلہ مهمان بنتھ آئے۔ توپتہ بوز تمو لوکو تم آئے
دوران دوران تمن نشہ۔ بے شک کٔر تمو لوط عليہ السلامس آر فتاري تہندين تمن پڑھين ہندہ خاطرہ
کہ کٔنہ پاٹھہ نمہ ہو کھ تم تمن نشہ يچھ کامہ خاطرہ۔ گوڈہ گیے لوط عليہ السلام سخت پريشان۔ مگر تم مهمان
آس ملکھ۔ اسہ کور تمن حکم توپتہ ڈول جبريل امين پنن اتھہ تہنزن اچھن پيٹھ۔ تمن پيو انيو۔ فَطَمَسْنَآ
اَعْيُنَهُمْ پس نيو اسہ تہنزن اچھن ہند گاش فَذُوْقُوْا عَذَابِيْ وَنُذُرِ ونہ آو تمن دوني ژہو گوڈہ تہہ ميانہ
عذابک تہ ميانہ کھوژہ ناونک مزہ وَلَقَدْ صَبَّحَهُمْ بُكْرَةً عَذَابٌ مُّسْتَقِرٌّ توپتہ پيو کھ وانتھ صبحس سٔي
پوشٔون عذاب توپتہ آکھ ہيہ ونہ کہ فَذُوْقُوْا عَذَابِيْ وَنُذُرِ ژہو مزہ ہلاک کرہ ونہ عذابک وَلَقَدْ
يَسَّرْنَا الْقُرْاٰنَ لِلذِّكْرِ فَهَلْ مِنْ مُّدَّكِرٍ بے شک اسہ کور قرآنِ مجيد نصيحت رٹنہ خاطرہ سہل تہ
آسان پس چھا کانہہ نصيحت رٹہ ونہ وَلَقَدْ جَآءَ اٰلَ فِرْعَوْنَ النُّذُرُ بے شک ہيہ آي فرعونس تہ تہندين

فَاَخَذْنٰهُمْ اَخْذَ عَزِيْزٍ مُّقْتَدِرٍ ﴿۴۲﴾ اَكُفَّارُكُمْ خَيْرٌ مِّنْ اُولٰٓئِكُمْ
اَمْ لَكُمْ بَرَآءَةٌ فِي الزُّبُرِ ﴿۴۳﴾ اَمْ يَقُوْلُوْنَ نَحْنُ جَمِيْعٌ مُّنْتَصِرٌ ﴿۴۴﴾
سَيُهْزَمُ الْجَمْعُ وَيُوَلُّوْنَ الدُّبُرَ ﴿۴۵﴾ بَلِ السَّاعَةُ مَوْعِدُهُمْ وَالسَّاعَةُ
اَدْهٰى وَاَمَرُّ ﴿۴۶﴾ اِنَّ الْمُجْرِمِيْنَ فِيْ ضَلٰلٍ وَّسُعُرٍ ﴿۴۷﴾ يَوْمَ يُسْحَبُوْنَ

---

لوکن ٹن کھو ژہ ناونکی تہ بیم کرہ نکی واریاہ چیز یعنی موسیٰ علیہ السلام، ہارون علیہ السلام بیہ معجزات وغیرہ سوزنہ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا كُلِّهَا مگر تموتہ زانِ اَپز سانِ ساری آیات تہ نشانہ یم تمن نِشِن واتمت آسِ فَاَخَذْنٰهُمْ اَخْذَ عَزِيْزٍ مُّقْتَدِرٍ لِس رَٹ تہ گرفتار کر اَسہِ تم تتھ پاٹھ یتھہ پاٹھ اَکس زبردست قدرتہ والس پزہِ ہا۔ یتھ گرفتار کرہ ٹس تہ رَٹہ ٹس کانہہ تہ ہیکہِ نہ یلہِ تراوِتھ تہ چھوڑتھ اَكُفَّارُكُمْ خَيْرٌ مِّنْ اُولٰٓئِكُمْ اَمْ لَكُمْ بَرَآءَةٌ فِي الزُّبُرِ توہہِ بوزوہ برونٹھِمین منکرن تہ کافرن ہند قِصہ تمن کیاہ گُذریوو کفرو نافرمانی ہندِ سببہ۔ کیاہ توہہِ اندر یم کافر چھہِ تم چھا برونٹھِمین یمن کافرن ہندِ خوتہ جانے تااینکہ یمن کیاہ بیہ پاس کرنہ۔ یم کیاہ کرن نافرمانی تہ کُفر اَس کروکھ نہ کنہی کنہِ تہندِ خاطرہ چھہ آسمانی کتابن اَندر کُنہ قسمہ معافی تہ آزادی ہُند پروانہ آمُت لیکھنہ کہ ٹھہ کُرو بیہ خوش کروہ تہ توہہِ چھُنہ کانہہ بازخواست اَمْ يَقُوْلُوْنَ نَحْنُ جَمِيْعٌ مُّنْتَصِرٌ کِنہ تہند گفت چھہ کہ اَسہِ ٹھہ ہیکہ نہ مقابلے کانہہ کُرِ تھ۔ اَسِ چھہ بڑ جماعتھاہ اکھ پرنتھ کالسہ نِشہِ بدلہِ ہیوہ ون اَمہِ کین تلہ نیرن تم سَيُهْزَمُ الْجَمْعُ وَيُوَلُّوْنَ الدُّبُرَ عنقریب کھیہِ یہ جماعت سخت شکست۔ بیہ ژلن تم میدانِ جنگہ نِشہِ تھر پھر تھ۔ چنانچہ اَمہِ پیشین گوئی ہند ظہور سپُد جنگِ بدرس تہ جنگِ احزابس اندر یہ گوو دنیاہس اندر۔ یتی یوت چھنہ یُہند سزا بَلِ السَّاعَةُ مَوْعِدُهُمْ بلکہ سپدن یم بڈس عذابس گرفتار قیامتکِ دوہ۔ اصلی عذابک وعدہ چھُ تمن سیت سُی دوہ وَالسَّاعَةُ اَدْهٰى وَاَمَرُّ قیامت مہ زانِن ژہ معمولی چیزاہ بلکہ چھہ قیامت سیٹھاہ سخت تہ سیٹھاہ ٹیٹھ تہ تلخ سوی قیامت چھہ ضرور واقع سپدہ وِنِ اِنَّ الْمُجْرِمِيْنَ فِيْ ضَلٰلٍ وَّسُعُرٍ بے شک یم مجرم یم اَمہ قیامتہ کس وقوعس انکار کران چھہ تم چھہ سخت گمراہی تہ جنونس اندر پے مت یہ گمراہی تہ جنون سپدہ تمن ظاہر تمہ دوہہ يَوْمَ يُسْحَبُوْنَ فِي النَّارِ عَلٰى وُجُوْهِهِمْ ذُوْقُوْا مَسَّ سَقَرَ یمہ دوہہ تم

فِی النَّارِ عَلٰی وُجُوْهِهِمْ ؕ ذُوْقُوْا مَسَّ سَقَرَ ﴿۴۸﴾ اِنَّا كُلَّ شَیْءٍ خَلَقْنٰهُ
بِقَدَرٍ ﴿۴۹﴾ وَ مَاۤ اَمْرُنَاۤ اِلَّا وَاحِدَةٌ كَلَمْحٍۭ بِالْبَصَرِ ﴿۵۰﴾ وَ لَقَدْ اَهْلَكْنَاۤ
اَشْیَاعَكُمْ فَهَلْ مِنْ مُّدَّكِرٍ ﴿۵۱﴾ وَ كُلُّ شَیْءٍ فَعَلُوْهُ فِی الزُّبُرِ ﴿۵۲﴾ وَ
كُلُّ صَغِیْرٍ وَّ كَبِیْرٍ مُّسْتَطَرٌ ﴿۵۳﴾ اِنَّ الْمُتَّقِیْنَ فِیْ جَنّٰتٍ وَّ نَهَرٍ ۙ ﴿۵۴﴾
فِیْ مَقْعَدِ صِدْقٍ عِنْدَ مَلِیْكٍ مُّقْتَدِرٍ ﴿۵۵﴾

---

کھکرہ ین پکناونہ بُتھ رُنِ تہ دارِ تھ ین دنہ نار جہنمس اندر تو پتہ ییکھ ونہ ذوقوا مس سقر ژہوِ تُہہ اے کافرو نارچہ ژُجہِ ہند مزہ۔ ہرگاہ تمن شبہ چھہ کہِ ادہ کونہ چھہ سو قیامت یوان تمیک جواب چھہ کہ اِنَّا كُلَّ شَیْءٍ خَلَقْنٰهُ بِقَدَرٍ اَسہِ چھہ پرتھ چیزاہ پادہ کورمُت اکہ خاص اندازہ موجب پتھ منز وارتھن چیزن ہند خصوصا وقتُک تہ زمانک اعتبار تھونہ آمُت چھہ۔ یُس اَسہِ پنہ نُس علمس منز مقرر تہ مُعیّن کورمُت چھہ۔ لہٰذا یو تانِ نہ سُہ وقت واتہِ تو تانِ کتھ پاٹھ سپدہ تمیک وقوع۔ یلہِ تمیُک وقت واتہِ وَ مَاۤ اَمْرُنَاۤ اِلَّا وَاحِدَةٌ كَلَمْحٍۭ بِالْبَصَرِ سون حکم آسہِ تمہِ کس وقوعس متعلق ئُنے ٹھماہ۔ تمس جاری سپدہ اَکس اَچھ ٹیٹہ اندر۔ اسہِ چھنہ کانہہ چیز پادہ کرہ نس اندر یا تباہ و بُرباد کرہ نس اندر زیادہ کال لگان وَ لَقَدْ اَهْلَكْنَاۤ اَشْیَاعَكُمْ فَهَلْ مِنْ مُّدَّكِرٍ بے شک اَسہِ گالِ توہی ہی واریاہ کافر تہ نافرمان لوکھ۔ تمس چھا توہہ اندرہ کانہہ نصیحت رٹہ ڈناہ وَ كُلُّ شَیْءٍ فَعَلُوْهُ فِی الزُّبُرِ یُس یُس چیز تمِ کران آسِ تہ سوزُرے اوس خدایس معلوم باوجودِ آس آوتہ سوزُرے لیکھنہ تھمدین نامہ اعمالن اندر یہ کتھ چھنہ کہ کینہہ آسہا لیکھنہ آمُت۔ کینہہ آسہِ ہا لیکھنے رود مت نہ بلکہ وَ كُلُّ صَغِیْرٍ وَّ كَبِیْرٍ مُّسْتَطَرٌ پرتھ لوکٹ کتھ تہ بڈ کتھ چھہ تتھ اندر وارہ لیکھنہ آمژ یہ گوو کافرن تہ مجرمن ہند حال۔ اَمہِ پتہ چھہ باایمانن تہ متقین ہند حال۔ اِنَّ الْمُتَّقِیْنَ فِیْ جَنّٰتٍ وَّ نَهَرٍ بے شک یم کُفرہ نشہِ نافرمانی نشہِ بچہِ ونِ چھہِ تم آسن جنتہ کین باغن اندر تہ جوئن پیٹھ فِیْ مَقْعَدِ صِدْقٍ عِنْدَ مَلِیْكٍ مُّقْتَدِرٍ حقیقی عزتچہ جایہ بڈس بادشہس نکھہ یُس کل کائناتس پٹھ اقتدار چھو یم پنہِ پزہ کہِ برکتہ خداو پیغمبر خدایہ سندہ پزہِ وعدہ موجب آسن اکھ اکس عمدہ تہ پسندیدہ مقامس اندر




بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
الرَّحْمٰنُ ۙ﴿۱﴾ عَلَّمَ الْقُرْاٰنَ ؕ﴿۲﴾ خَلَقَ الْاِنْسَانَ ۙ﴿۳﴾ عَلَّمَهُ الْبَيَانَ ﴿۴﴾
الشَّمْسُ وَالْقَمَرُ بِحُسْبَانٍ ۙ﴿۵﴾ وَّالنَّجْمُ وَالشَّجَرُ يَسْجُدٰنِ ﴿۶﴾ وَالسَّمَآءَ
رَفَعَهَا وَوَضَعَ الْمِيْزَانَ ۙ﴿۷﴾ اَلَّا تَطْغَوْا فِى الْمِيْزَانِ ﴿۸﴾ وَاَقِيْمُوا
الْوَزْنَ بِالْقِسْطِ وَلَا تُخْسِرُوا الْمِيْزَانَ ﴿۹﴾ وَالْاَرْضَ وَضَعَهَا

---

**اَلرَّحْمٰنُ * عَلَّمَ الْقُرْاٰنَ** رحمتہ والس خدایہ سنزہ چھہ بے شمار نعمژہ۔ اَجہِ روحانی۔ اَجہِ جسمانی اَجہِ دُنیوی اَجہِ اُخروی۔ روحانی نعمتو اندرہ کیہہ اکھ نعمت یہ تمیٔ پھِہ نادو قرآنِ مجید یعنی تمی کور نازِل قرآن مجید یتھ تھند بندہ تس پیٹھ ایمان اَنتھ، تمیک علم حاصِل کرِتھ تمہِ موجب عمل کرِتھ تمیک نفع تہ فایدہ تُلن۔ تمِ سنز بیاکھ نعمت گیہِ جسمانی یُس موقوف علیہ چھہ روحانی نعمتچ سوگیہِ یہ نعمت کہِ **خَلَقَ الْاِنْسَانَ * عَلَّمَهُ الْبَيَانَ** تمیٔ کور پادہ انسان تو پتہ پھِہ نوون سہ کتھ کرنہِ یعنی دِلک حال تہ خیال ظاہر کرن کتھو سیت تہ اَتھو سیت یعنے تقریرو تحریرہ سیت۔ تمی سیت چھہ سہ قرآنِ مجید پانہ پران تہ بیَن پرہ ناوان بیاکھ نعمت کیہہ آفاقی سوکیہہ **الشَّمْسُ وَالْقَمَرُ بِحُسْبَانٍ** آفتاب تہ زون چھہِ پکان اکہ منظّم حسابہ مُوجب تمہِ سیت دوہ تہ راتھ وجودس منزیوان چھہِ۔ یمن سیت بندن ہنزِہ بندگی تہ عبادتس سیٹھاہ تعلق چھہ **وَّالنَّجْمُ وَالشَّجَرُ يَسْجُدٰنِ** تارک تہ تھرِہ تہ کُلی یعنے گوڈہ روستی کُلِ تہ گوڈہ والی کُلِ چھہِ مشغول پنہ نِس مولیٰ سندِس سجدس سیت **وَالسَّمَآءَ رَفَعَهَا** تمیٔ حضرتِ رحمانن کور تھود تہ بلند آسمان۔ **وَوَضَعَ الْمِيْزَانَ** تمیٔ کرِ قایم دنیاہس اندر ترکر **اَلَّا تَطْغَوْا فِى الْمِيْزَانِ** یتھنہ تُہہ تولنس اندر کمی وزیادتی کرِو۔ اَمہِ نعمتک شکر گووای زِہ **وَاَقِيْمُوا الْوَزْنَ بِالْقِسْطِ وَلَا تُخْسِرُوا الْمِيْزَانَ** بیہِ تھاوو قایم اِنصافہ موجُب پرِیتھ چیزک وزن بیہِ مہ آسِو کران کمی تولنس کِنہ قسمہ **وَالْاَرْضَ وَضَعَهَا لِلْاَنَامِ** بیہِ تھاو تمی

لِلْاَنَامِ ﴿١٠﴾ فِيْهَا فَاكِهَةٌ وَّالنَّخْلُ ذَاتُ الْاَكْمَامِ ﴿١١﴾ وَالْحَبُّ
ذُو الْعَصْفِ وَالرَّيْحَانُ ﴿١٢﴾ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿١٣﴾
خَلَقَ الْاِنْسَانَ مِنْ صَلْصَالٍ كَالْفَخَّارِ ﴿١٤﴾ وَخَلَقَ الْجَآنَّ مِنْ
مَّارِجٍ مِّنْ نَّارٍ ﴿١٥﴾ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿١٦﴾ رَبُّ الْمَشْرِقَيْنِ وَ
رَبُّ الْمَغْرِبَيْنِ ﴿١٧﴾ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿١٨﴾ مَرَجَ الْبَحْرَيْنِ

---

زمین مخلوقن ہندِ ہ فایدہ خاطرہ وہراوِ تھ **فِيْهَا فَاكِهَةٌ وَّالنَّخْلُ ذَاتُ الْاَكْمَامِ** یتھ زمینس منز چھِ کم کم میوہ بیہِ خضر کُلِ یمن ہند میوہ چھِ آسان گوژرین تہ غلافن منز ولتھ **وَالْحَبُّ ذُو الْعَصْفِ وَالرَّيْحَانُ** بیہِ چھِ اتھ زمینس منز پیتھ قسمک غلہ یتھ غلس سیت چارو اَمِن ہندِ ہ کھینہ خاطرہ گاسہِ تہِ چھِ آسان۔ بیہِ پیتھ قسمکِ خوشبُودار پُوش یمو سیت دماغ چھِ سپدان معطّر **فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ** پس کتھ کتھ نعمتس پروردگارہ سندِ س کَرِ وتھِ اِنکارای جنو تہ انسانو۔ اَکس حدیث شریفس مُن نظر کرِ تھ فرمووعالمو کہ یلہِ کانہہ شخصاہ یہِ آیہ کریمہ بُوزِہ تمسُند گژھِ جواب دیُن لا بشيء من نعمك ربّنا نكذبُ فلك الحمدُ اسے ساٹہِ پروردگارہ چانیو نعمتو اَندرہ کُنہ نعمتس ہیکہ نہ اَس اِنکار کرِ تھ یَس ساری حمد شوبہ نے ژے **خَلَقَ الْاِنْسَانَ مِنْ صَلْصَالٍ كَالْفَخَّارِ** بیاکھ نعمت کیہ کہ تمی کرپادہ اَمس انسانہ سُند اصل اول یعنی آدم علیہ السلام تتھ میژہ یوسہِ ہوِ چھ کترہ ہند پاٹھِ ٹرن ٹرن کرت وزان آس **وَخَلَقَ الْجَآنَّ مِنْ مَّارِجٍ مِّنْ نَّارٍ** بیہِ کرِ تمی پیدہ جن ہیوند اصل اول نارہ چہ رہہ یتھ نہ دہ شامل آسان چھو۔ یمن دشوین مخلوقن کَر وجودچ نعمت عطا تمی پروردگارن **فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ** اے جنو تہ انسانو خدایہ سنزو نعمتو اندر کتھ کتھ نعمتس کریو توہ اِنکار **رَبُّ الْمَشْرِقَيْنِ وَرَبُّ الْمَغْرِبَيْنِ** بیہِ چھو سوی معبود برحق دون مشرقن تہ دون مغربن ہوند مالِک حقیقی آفتاب چھُو ندس بتہِ رتہ کالس مختلف جایو نشہ طلوع سپدان تہ کھسان بیہِ مختلف جایو کن لوسان تہ غروب سپدان تمی اعتبارہ آدونہ مشرقین تہ مغربین، آفتابہ مختلف جایو کھسُن لوسن امہ سیت چھ مُوسم بدلان تتھ اندر چھِ بے شمار فائدہ تہ مصلحہ،

يَلْتَقِيٰنِ ﴿۱۹﴾ بَيْنَهُمَا بَرْزَخٌ لَّا يَبْغِيٰنِ ﴿۲۰﴾ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿۲۱﴾
يَخْرُجُ مِنْهُمَا اللُّؤْلُؤُ وَالْمَرْجَانُ ﴿۲۲﴾ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿۲۳﴾
وَلَهُ الْجَوَارِ الْمُنْشَاٰتُ فِي الْبَحْرِ كَالْاَعْلَامِ ﴿۲۴﴾ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا
تُكَذِّبٰنِ ﴿۲۵﴾ كُلُّ مَنْ عَلَيْهَا فَانٍ ﴿۲۶﴾ وَّيَبْقٰى وَجْهُ رَبِّكَ ذُو الْجَلٰلِ

---

زینہ کین لوکن ہندہ خیطرہ امہ سار کوی مالک تہ اختیارہ وول چھو سوی پروردگار فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پس پتہ ژٕس پروردگار سندیو نعمتو اندرکتھ کتھ نعمتس کریو ٹوہِ اِنکار ای جنوتہ اِنسانو۔ مَرَجَ الْبَحْرَيْنِ يَلْتَقِيٰنِ * بَيْنَهُمَا بَرْزَخٌ لَّا يَبْغِيٰنِ تمی پروردگارن پکناوِ زہ دریاو اکھ میوٹھ تہ بیاکھ ژوش۔ یمے زہ دریاو چھہ اکھ اکس سیت ظاہرہ پاٹھہ میلت پکان۔ مگر حقیقتس منز چھو یمن درمیان اکھ ٹھوراہ یُس نہ یمن اکھ اکس پیٹھ غلبہ دوان چھو کرنہ، میوٹھ سپدہ ہا ژوش ژوش سپدہ ہا میوٹھ۔ یہ چھہ نعمت تہِ بیہ قدرتُک اکھ بوڈ نشانہ تہ۔ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پتہ ژٕس پروردگارہ سنزیو نعمتو اَندرہ کتھ نعمتس ہکیو توہِ اِنکار کرتھ ای جنوتہ انسانو يَخْرُجُ مِنْهُمَا اللُّؤْلُؤُ وَالْمَرْجَانُ یمو دوشوی دریاوٕ منزہ چھو نیران اکھ مختہ بیہ لدرہ۔ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پتہ ژٕس پروردگارہ سنزہ نعمتو اَندرہ کتھ نعمتس ہکو توہِ اِنکار کرتھ ای جنوتہ انسانو وَلَهُ الْجَوَارِ الْمُنْشَاٰتُ فِي الْبَحْرِ كَالْاَعْلَامِ تمسنزے چھہ تمہ ناوہ تہ جہاز یمہ ٹھزہ تہ بجہ چھہ سمندرس منز کوہن سومبہ یمن پیٹھ سوار سپدِت توہ اکہ ملکہ نشہِ بین ملکن واتان چھو ضروریات تہ مال تجارت واتناوان چھوہ۔ يَخْرُجُ مِنْهُمَا اَندرہ گو اشارہ تمن نعمژن کُن یمہ سمندرہ تہِ دریاو تلہ نیران چھہ وَلَهُ الْجَوَارِ الْمُنْشَاٰتُ اَندرہ چھو اشارہ تمن نعمژن کُن یمہ آبہ پٹھ کُن سطحِ نشہِ حاصل سپدان چھہ آبہ پٹھ کُن تہ نعمژ۔ آبہ تل تہِ نعمژ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پتہِ ژٕس پروردگارہ سنزو نعمتو اندرکتھہ نعمتس ہکو توہِ اِنکار کرتھ ای جنوتہ انسانو اوتان یمن نعمژن ہیوند ذکر کرنہ آو لازم چھو تمن نعمژن گژھہ توحید و طاعتہ سیت شُکر دِین کفر و معصیت سیت گژھہنہ ناشُکری و ناسپاسی کرن۔ کیازہ یتھ عالمس چھو فنا سپدُن یمہ پتہ چھو بیاکھ عالم اِوہ ڈن۔ یتھ عالمس منز ایمان و کُفرس پٹھ جزا و سزا ئیہ دِنہ۔ یہوی مضمون چھہ اللہ تعالیٰ فرماوان كُلُّ مَنْ عَلَيْهَا فَانٍ * وَّيَبْقٰى وَجْهُ رَبِّكَ ذُو الْجَلٰلِ وَالْاِكْرَامِ یم جن

وَالْإِكْرَامِ ﴿٢٧﴾ فَبِأَيِّ آلَاءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبَانِ ﴿٢٨﴾ يَسْأَلُهُ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ
وَالْأَرْضِ ۚ كُلَّ يَوْمٍ هُوَ فِي شَأْنٍ ﴿٢٩﴾ فَبِأَيِّ آلَاءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبَانِ ﴿٣٠﴾
سَنَفْرُغُ لَكُمْ أَيُّهَ الثَّقَلَانِ ﴿٣١﴾ فَبِأَيِّ آلَاءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبَانِ ﴿٣٢﴾ يٰمَعْشَرَ
الْجِنِّ وَالْإِنْسِ إِنِ اسْتَطَعْتُمْ أَنْ تَنْفُذُوا مِنْ أَقْطَارِ السَّمٰوٰتِ

---

تہ انسان اتھ رُوٕیِ زمینس پٹھہ چھہ موجود تم ساری چھہ گلہ وین تہ فانی سپدہ وٕن۔ باقی روزہ وٕن چھو فقط تہندس پروردگارہ سُند ذات پاک یُس عظمتہ وول تہٕ احسانہ وول چھہ، یم چھہ زہ صفت اللہ تعالیٰ سند، اکھ چھُو ذاتی بیاکھ چھُو اضافی۔ اکثر اہل عظمت چھو پنہ نسیٕ عظمتس سیت آسان بین کُن چھُنہ کانہ توجہ کران مگر معبُود برحق چھُو باوجود کمال عظمت، صاحبِ اکرام تہ پنہ نین بندن پیٹھ چھہ تہنز رحمت و فضل جاری۔ چونکہ امہ مضمونچ خبر دِن چھہ مُوجب ہدایت، لہٰذا چھہِ یتہ نعمتو اندرہ اکھ اُخروی نعمتاہ فَبِأَيِّ آلَاءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبَانِ پنہ نس پروردگارہ سندیو نعمتو اندرہ کتھ نعمتس کریو توہ اِنکار ای جنوتہ انسانو۔ امہِ پتہ چھُو اکھ خاص طریقہ تہندس عظمت و اکرامس متعلق مضمون بیان یوان کرنہ يَسْأَلُهُ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضِ سو چھُو یتھوی باعظمت کہِ تِس نِشہِ چھہ منگان بیون بیون پنن پنن حاجت تم ساری یم آسمانن اندر چھہ بیہ یم زمینن اندر چھہ ساری چھہ مُحتاج تس کُن سُو چھہ سارنی ہیوند محتاج الیہ یُہوی چیز چھُو دلالت کران تہندس کمال عظمتس پیٹھ۔ صاحب اکرام آسن تمسند چھُو نشان یمہ سیت کہ كُلَّ يَوْمٍ هُوَ فِي شَأْنٍ پرت وقتہ چھُو سو کامہ اندرئی۔ یعنی عالمن اندر یہ کنیٛ ہا واقع سپدان تہٕ چھُو سپدان تہندی تصرفہ سیت تمنے تصرفاتن اندر آئے۔ تم تصرفات تہِ یم دلالت چھہ کراں تہندس اکرام و احسانس پٹھ مثلاً پیدہ کرن عافیت و صحت عطا کرن رزق عطا کرن اولاد عطا کرنِ۔ ہدایت تہِ علم۔ توفیق عمل۔ پس باوجود عظمت یوتھ اکرام واحسان کرن یتہ گیہ نعمتھی فَبِأَيِّ آلَاءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبَانِ پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو اندرہ کتھ کتھ نعمتس کریو توہ اِنکار ای جنوتہ انسانو۔ سَنَفْرُغُ لَكُمْ أَيُّهَ الثَّقَلَانِ اس دموپور توجہ توہ حساب ہنس کُن ای جنوتہ انسانو۔ یہ برونٹھی توہ اِجِ خبر دن پتہ چھوہ سان نعمت تہ مہربانی یُو تھ توہِ تیاری ہوند خیال پیدہ گژھہ فَبِأَيِّ آلَاءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبَانِ پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو

وَالْاَرْضِ فَانْفُذُوْا ۭ لَا تَنْفُذُوْنَ اِلَّا بِسُلْطٰنٍ ﴿۳۳﴾ فَبِاَيِّ اٰلَاۗءِ
رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿۳۴﴾ يُرْسَلُ عَلَيْكُمَا شُوَاظٌ مِّنْ نَّارٍ ڏ وَّنُحَاسٌ فَلَا
تَنْتَصِرٰنِ ﴿۳۵﴾ فَبِاَيِّ اٰلَاۗءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿۳۶﴾ فَاِذَا انْشَقَّتِ السَّمَاۗءُ
فَكَانَتْ وَرْدَةً كَالدِّهَانِ ﴿۳۷﴾ فَبِاَيِّ اٰلَاۗءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿۳۸﴾
فَيَوْمَىِٕذٍ لَّا يُسْـَٔلُ عَنْ ذَنْۢبِهٖٓ اِنْسٌ وَّلَا جَاۗنٌّ ﴿۳۹﴾ فَبِاَيِّ اٰلَاۗءِ رَبِّكُمَا

---

اَندرہ کتھ کتھ نعمتس کریو توہ اِنکار ای جنوتہ انسانو يٰمَعْشَرَ الْجِنِّ وَالْاِنْسِ اِنِ اسْتَطَعْتُمْ اَنْ تَنْفُذُوْا مِنْ اَقْطَارِ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ فَانْفُذُوْا ۭ لَا تَنْفُذُوْنَ اِلَّا بِسُلْطٰنٍ ای جنن تہ انسانن ہنزو جماژو ہرگہ توہِ طاقت تہ قدرت چھوہ توہ کیاہ ہکیو آسمان وزمیکو کنارو نشہِ نبر نیرت تلانیر تواس تہِ وچھہو۔ ہرگز ہکیو نہ توہ نیرت مگر کونہ طاقتہ سیت۔ سو طاقت چھوی نہ توہ نہ ہکیو دنیاء س اندر نیرت نہ ژلت کونہ طرفس کن یہے حالت آسہِ توہنز قیامتکِ دوہ تتہِ تہ ہکیو نہ کن ژلت۔ یہ کتھ باون تہ چھوہ سانِ نعمت فَبِاَيِّ اٰلَاۗءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو اَندرہ کتھ کتھ نعمتس کریو توہ اِنکار ای جنوتہ انسانو۔ توہ چھوہ حساب دِنس اندر تہ عاجزی عذاب وعقابس اندر تہ عاجزی يُرْسَلُ عَلَيْكُمَا شُوَاظٌ مِّنْ نَّارٍ ڏ وَّنُحَاسٌ فَلَا تَنْتَصِرٰنِ ای جنوتہ انسانو اَندرہ مجر موتوہ پیٹھ ین قیامتکِ دُوہ تراونہ نارک شُعلہ بیہ دُہ تتھ نہ توہ نشہِ کانہہ تہ دفع ہکہِ کرِت یہ ونون تہِ چھو ذریعہ ہدایت آسنہ کہ اعتبارہ نعمتے۔ فَبِاَيِّ اٰلَاۗءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ نس خدایہ سنزو نعمتو اندرہ کتھ کتھ نعمتس کریو توہ انکار ای جنوتہ انسانو۔ فَاِذَا انْشَقَّتِ السَّمَاۗءُ فَكَانَتْ وَرْدَةً كَالدِّهَانِ ادہ یلہ قیامت اِیہ تتھ منز آسمان پھٹن پس سیدہ آسمانک رنگ ووزل دالہ ہیو۔ اچھ خبر دن تہ چھہ اکھ نعمتاہ فَبِاَيِّ اٰلَاۗءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو اَندرہ کتھ کتھ نعمتس کریو توہ اِنکار ای جنوتہ انسانو۔ فَيَوْمَىِٕذٍ لَّا يُسْـَٔلُ عَنْ ذَنْۢبِهٖٓ اِنْسٌ وَّلَا جَاۗنٌّ پس اِیہ نہ تمہ دوہ گوڈنی پرژھنہ تہ سوال کرنہ اطلاع حاصل کرنہ خیطرہ کانسہ انسانس تہ کانسہ جنس۔ کیازہ اللہ تعالیٰ اس چھہ خبری سارنی ہنز۔ اچھ خبر دن تہ چھہ اکھ نعمتاہ فَبِاَيِّ اٰلَاۗءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو اندر کتھ

تُكَذِّبٰنِ ﴿٤٠﴾ يُعْرَفُ الْمُجْرِمُوْنَ بِسِيْمٰهُمْ فَيُؤْخَذُ بِالنَّوَاصِيْ وَ
الْاَقْدَامِ ﴿٤١﴾ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿٤٢﴾ هٰذِهٖ جَهَنَّمُ الَّتِيْ يُكَذِّبُ
بِهَا الْمُجْرِمُوْنَ ﴿٤٣﴾ يَطُوْفُوْنَ بَيْنَهَا وَبَيْنَ حَمِيْمٍ اٰنٍ ﴿٤٤﴾ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ
رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿٤٥﴾ وَلِمَنْ خَافَ مَقَامَ رَبِّهٖ جَنَّتٰنِ ﴿٤٦﴾ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ
رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿٤٧﴾ ذَوَاتَآ اَفْنَانٍ ﴿٤٨﴾ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿٤٩﴾ فِيْهِمَا
عَيْنٰنِ تَجْرِيٰنِ ﴿٥٠﴾ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿٥١﴾ فِيْهِمَا مِنْ كُلِّ

---

کتھ نعمتس کریو توہ اِنکار ای جنو تہ انسانو يُعْرَفُ الْمُجْرِمُوْنَ بِسِيْمٰهُمْ فَيُؤْخَذُ بِالنَّوَاصِيْ وَالْاَقْدَامِ پر زہ
ناوتہ ین مجرم لوک پنہ نیو علاماتو سیت تھوند بوتھ آسہ کرٕنؠ توپتہ ین رٹنہ تم کاژہ کلہ کہ مستہ سیت
بیہ کھور سیت توپتہ ین دارت دنہ جہنمس اندر اچھ خبر دن تہ چھ اکھ نعمتاہ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ
نس پروردگارہ سندیو نعمتو اندرہ کمہ کمہ نعمتک کریو توہ اِنکار ای جنو تہ انسانو جہنمس منز تراونہ پتہ اِکھ ونہ
نہ هٰذِهٖ جَهَنَّمُ الَّتِيْ يُكَذِّبُ بِهَا الْمُجْرِمُوْنَ یہوی کیا گوسو جہنم یتھ مجرم (یعنی توہ) اِنکار کران آس
يَطُوْفُوْنَ بَيْنَهَا وَبَيْنَ حَمِيْمٍ اٰنٍ پھیران تہ اورہ یور آسن کران تتھ جہنمس تہ تچہ زسرہ وانس اندر یوسہ
سیٹھاہ گرم آسہ گرمی ہندس آخری درجس منز گرم آسہ۔ اکہ ساتہ تِھموک عذاب بیہ ساتہ تِھمک
عذاب اچھ بروٹھے خبر دن تہ چھ اکھ نعمتاہ۔ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ نس پروردگار سنزو نعمتو اندر
کتھ کتھ نعمتس کریو توہ اِنکار ای جنو تہ انسانو وَلِمَنْ خَافَ مَقَامَ رَبِّهٖ جَنَّتٰنِ وونِ یُس شخص کھوژہ پنہ نس
پروردگارس بروٹھ کنہ اِستادہ سپدنس پرت ساتہ کھوژت رود پتھ گنہوتہ نافرمانیو نشہ تہندہ خیطرہ چھ زہ
عالی شان جنت یہ گوخاص بندن ہندہ خیطرہ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو
اندر کتھ کتھ نعمتس کریو توہ اِنکار ای جنو تہ انسانو ذَوَاتَآ اَفْنَانٍ تمنے جنتن اندر آسن سہتاہ لنجہ دار کولِ
تمے لنجہ آسن برت میوو سیت فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو اندر کتھ کتھ نعمتس
کریو توہ اِنکار ای جنو تہ انسانو۔ فِيْهِمَا عَيْنٰنِ تَجْرِيٰنِ تمنے دون باغن اندر آسن زہ ناگہ راد یمن ہوند

فَاكِهَةٍ زَوْجٰنِ ۝٥٢ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ۝٥٣ مُتَّكِـِٕيْنَ عَلٰى فُرُشٍۭ
بَطَآئِنُهَا مِنْ اِسْتَبْرَقٍ ؕ وَجَنَا الْجَنَّتَيْنِ دَانٍ ۝٥٤ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا
تُكَذِّبٰنِ ۝٥٥ فِيْهِنَّ قٰصِرٰتُ الطَّرْفِ ۙ لَمْ يَطْمِثْهُنَّ اِنْسٌ قَبْلَهُمْ وَلَا
جَآنٌّ ۝٥٦ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ۝٥٧ كَاَنَّهُنَّ الْيَاقُوْتُ وَالْمَرْجَانُ ۝٥٨
فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ۝٥٩ هَلْ جَزَآءُ الْاِحْسَانِ اِلَّا

---

آب دور تان جاری آسہ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو اندر کتھ کتھ کریو توہ اِنکارای جنوتہ اِنسانو فِيْهِمَا مِنْ كُلِّ فَاكِهَةٍ زَوْجٰنِ تمے دون باغن اندر آسن پرت میوس زیڑ قسم کنہ ساتہ اکہ قسمک میوہ سیت مزہ حاصل کران کونہ ساتہ بیہ میوک لطف حاصل کران۔ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو اندر کتھ کتھ نعمس کریو توہ اِنکارای جنوتہ انسانو مُتَّكِـِٕيْنَ عَلٰى فُرُشٍۭ بَطَآئِنُهَا مِنْ اِسْتَبْرَقٍ تکیہ دت آسن تم جنتی تمن فرشن وتھرنین پٹھ یمن ہونداستر آسہ تافتہ یعنے زایول پوٹ ابرچ چھنہ کتھے سوکیاہ آسہ۔ وَجَنَا الْجَنَّتَيْنِ دَانٍ یمن دوشوین جنتن ہیوند میوہ آسہ تمن جنتین سیٹھاہ نزدیک پرت حالس اندر آسن تمیوک لطف تلان وودنہ تہ۔ شونگت تہ تکلیف و مشقتہ ورای آسہ تمن جائن نکھ واتان۔ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو اندرہ کتھ کتھ نعمس کریو توہیہ اِنکارای جنوتہ انسانو فِيْهِنَّ قٰصِرٰتُ الطَّرْفِ لَمْ يَطْمِثْهُنَّ اِنْسٌ قَبْلَهُمْ وَلَا جَآنٌّ تمن باغن ہنزہ لرِن تہ ہگلن منز آسن نظر بون کن تھوہ ونہ زنانہ یعنے یمہ زنانہ نہ پننس خانہ دارس ورای کانسہ شخصس کن اچھی تلان چھ۔ نہ آسہ تمن نزدیک آمت پنہ نین خانہ دارن برونٹھ نہ کانہہ انسان نہ کانہہ جن۔ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو اندرہ کتھ کتھ نعمس کریو توہ اِنکارای جنوتہ انسانو۔ كَاَنَّهُنَّ الْيَاقُوْتُ وَالْمَرْجَانُ رنگ آسہ تمن زنانن ہوند تیو تھ صاف تہ شفاف زن تمہ آسن یاقوت تہ لدرہ ہشہ سرخا سرخ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو اندرہ کتھ کتھ نعمس کریو توہ اِنکارای جنوتہ انسانو هَلْ جَزَآءُ الْاِحْسَانِ اِلَّا الْاِحْسَانُ کیارژ عبادت و اطاعت بدلہ چھا کنہ رژہ مزورہ تہ ثوابہ ورای یمو جنتیو کر دنیاہس اندر رژ عبادت تمیوک بدلہ آکھ عطا

الْاِحْسَانُ ﴿۶۰﴾ فَبِاَیِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿۶۱﴾ وَمِنْ دُوْنِهِمَا
جَنَّتٰنِ ﴿۶۲﴾ فَبِاَیِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿۶۳﴾ مُدْهَآمَّتٰنِ ﴿۶۴﴾
فَبِاَیِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿۶۵﴾ فِیْهِمَا عَیْنٰنِ نَضَّاخَتٰنِ ﴿۶۶﴾
فَبِاَیِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿۶۷﴾ فِیْهِمَا فَاكِهَةٌ وَّنَخْلٌ وَّرُمَّانٌ ﴿۶۸﴾
فَبِاَیِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿۶۹﴾ فِیْهِنَّ خَیْرٰتٌ حِسَانٌ ﴿۷۰﴾ فَبِاَیِّ اٰلَآءِ
رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿۷۱﴾ حُوْرٌ مَّقْصُوْرٰتٌ فِی الْخِیَامِ ﴿۷۲﴾ فَبِاَیِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا

---

کرنہ آخرتس اندر روت ثواب ینہ کانسہ ہنزہ اچھو وچھمت آسہ کانسہ ہند کنن بُوزمت آسہ کانسہ
ہندس دلس رای گمژ آسہ یہ چھو محض خدایہ سند فضل وکرم۔ فَبِاَیِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ نس
پروردگارہ سنزو نعمتو اَندرہ کتھ کتھ نعمتس کریو توہ اِنکارای جنوتہ اِنسانو۔ وَمِنْ دُوْنِهِمَا جَنَّتٰنِ ہمو دویو
باغوورای چھہ بیہ زہ باغ تمو خوتہ وتھ عام باایمانن ہندہ خیطرہ پرت باایمانس زیز باغ فَبِاَیِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا
تُكَذِّبٰنِ پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو اَندرہ کتھ کتھ نعمتس کریو توہ اِنکارای جنوتہ انسانو مُدْهَآمَّتٰنِ تم
دوشوے باغ آسن شوخ سبز کرہنیرہ سان سخت سبز آسنہ موکھ فَبِاَیِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ پنہ نس
پروردگارہ سنزو نعمتو اندر کتھ کتھ نعمتس کریو اِنکارای جنوتہ انسانو۔ فِیْهِمَا عَیْنٰنِ نَضَّاخَتٰنِ تمن دون
باغن منز چھہ زہ ناگ یمن ہوند آب چھو زورہ سان ہیورُکن شولہ ماران۔ فَبِاَیِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ
ادہ کتھ کتھ نعمتن پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو اندرہ کریو توہ اِنکارای جنوتہ اِنسانو فِیْهِمَا فَاكِهَةٌ وَّنَخْلٌ
وَّرُمَّانٌ تمن دون باغن اندر آسن میوہ۔ خضر۔ بیہ دَین فَبِاَیِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ادہ کتھ کتھ نعمتس
پنہ نس پروردگارہ سنزو نعمتو آندرہ کریو توہ اِنکارای جنوتہ اِنسانو۔ فِیْهِنَّ خَیْرٰتٌ حِسَانٌ تمن باغن
ہنزن لرین اندر چھہ رژہ زنانہ خوب صورت فَبِاَیِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ادہ کتھ کتھ نعمتس کریو توہ اِنکار
پنہ نس پروردگارہ سنز نعمتو اَندرای جنوتہ انسانو۔ حُوْرٌ مَّقْصُوْرٰتٌ فِی الْخِیَامِ تمے زنانہ آسن اچھ وتھچھ
کرت نورانی بوتھ کرت خیمن اندری روزن واجنہ اورہ یور پھیرونہ آسن نہ۔ فَبِاَیِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا

تُكَذِّبٰنِ ﴿۷۳﴾ لَمْ يَطْمِثْهُنَّ اِنْسٌ قَبْلَهُمْ وَلَا جَآنٌّ ﴿۷۴﴾ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا
تُكَذِّبٰنِ ﴿۷۵﴾ مُتَّكِـِٕيْنَ عَلٰى رَفْرَفٍ خُضْرٍ وَّعَبْقَرِيٍّ حِسَانٍ ﴿۷۶﴾ فَبِاَيِّ
اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ ﴿۷۷﴾ تَبٰرَكَ اسْمُ رَبِّكَ ذِي الْجَلٰلِ وَالْاِكْرَامِ ﴿۷۸﴾ ع

---

تُكَذِّبٰنِ اده کتھ کتھ نعمتس کريو تو بيه اِنکار پنهنجي پروردگاره سنزو نعمتو اندره اي جنو ته انسانو۔ لَمْ يَطْمِثْهُنَّ اِنْسٌ قَبْلَهُمْ وَلَا جَآنٌّ هم بستري آسنه کرمژ تمن سيت يمو جنتيو برونٹھ نه کانسه انسانن نه کانسه جنن فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ اده کتھ کتھ نعمتس کريو توه اِنکار پنه نس پروردگاره سنزو نعمتو اندره اي جنو ته انسانو۔ مُتَّكِـِٕيْنَ عَلٰى رَفْرَفٍ خُضْرٍ وَّعَبْقَرِيٍّ حِسَانٍ تمے آسن تکيه دتھ سبز مخملي قالينن پٹھ بہت بيه نپه نپه کره وني رتين فرشن پٹھ بہت۔ فَبِاَيِّ اٰلَآءِ رَبِّكُمَا تُكَذِّبٰنِ اده کتھ کتھ نعمتس پنه نس پروردگاره سنزو نعمتو اندره کريو توه اِنکار اي جنو ته انسانو۔ تَبٰرَكَ اسْمُ رَبِّكَ ذِي الْجَلٰلِ وَالْاِكْرَامِ بابرکت چھو نام پاک تهندس پروردگاره سندیا رسول الله ئيس پروردگار عظمته وول ته احسانه وول چھو۔ يمه سارے دنيوي نعمژ چھه تسنزے بیه يله نام پاکچ برکت گيه امے اندره گژھ زانُن که ناوه وول کيو تھ آسه تهنده ذات پاکچھ برکت کژ کژه آسن کيژاه آسن ظاهر اُچھو سپدان معلوم که باايمان جنن ته انسانن دوشوين چھو واتن جنتس۔ دوشوين سپدن حاصل جنتچه نعمژ دوشوين ين عطا کرنه جنتچه حوره۔ لَمْ يَطْمِثْهُنَّ اِنْسٌ قَبْلَهُمْ وَلَا جَآنٌّ اندره چھو مراد که يمه حوره انسان جنتين ين عطا کرنه تمن حورن نزديک آسنه آمت تمن انسان جنتين برونٹھ کانه انسان کيازه تمه حوره آسن انسانے هنده خيطره مخصوص آمژه کرنه۔ تتھے پاٹھ جن جنتين يمه حوره عطا کرنه ين تمن حورن آسنه نزديک آمت تمن جن جنتين برونٹھ کانهِ جنه کيازه تمه حوره آسن جن جنتين هندي خيطره مخصوص آمژه کرنه۔ گوڈنک زه جنت يمن هنز ذکر گوڈه آيه کرنه تمن هنده افضل بهتر آسنس کن آدتر جمس اندر اِشاره کرنه۔ وين چھه تمچه دليله بيان يوان کرنه۔ تفسير در منثور س منز چھو حديث شريف که فرموو حضرت رسول کريمن صلی الله عليه وسلم جنتان من ذهب للمقربين وجنتان من ورق لأصحاب اليمين يعني تم ۲ زه جنت چھه سونه سندي۔ مقربن هنده خيطره۔ بيه ۲ زه جنت چھه روپه سند تمن هوند سوروي سامانه چھو روپه سندوي تم چھه اصحاب يمين هنده خيطره۔

## سُوْرَةُ الْوَاقِعَةِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
إِذَا وَقَعَتِ الْوَاقِعَةُ ۙ ① لَيْسَ لِوَقْعَتِهَا كَاذِبَةٌ ۘ ② خَافِضَةٌ
رَّافِعَةٌ ۙ ③ إِذَا رُجَّتِ الْأَرْضُ رَجًّا ۙ ④ وَّبُسَّتِ الْجِبَالُ بَسًّا ۙ ⑤
فَكَانَتْ هَبَاءً مُّنْبَثًّا ۙ ⑥ وَّكُنْتُمْ أَزْوَاجًا ثَلٰثَةً ۗ ⑦ فَأَصْحٰبُ الْمَيْمَنَةِ ۙ
مَا أَصْحٰبُ الْمَيْمَنَةِ ۗ ⑧ وَأَصْحٰبُ الْمَشْئَمَةِ ۙ مَا أَصْحٰبُ الْمَشْئَمَةِ ۗ ⑨
وَالسّٰبِقُوْنَ السّٰبِقُوْنَ ۙ ⑩ أُولٰٓئِكَ الْمُقَرَّبُوْنَ ۚ ⑪ فِيْ جَنّٰتِ

---

إِذَا وَقَعَتِ الْوَاقِعَةُ يله قيامت واقع ٿيندي لَيْسَ لِوَقْعَتِهَا كَاذِبَةٌ نه تہ سا تہ کہ امہ کس واقعہ سپد نس اندر اوسنہ کانہہ شکھاہ تہ خلافا، بلکہ اوس امیوک واقع سپدن بالکل صحیح تہ پز، یہ آسنہ ٹھٹھ باشاہ، خَافِضَةٌ رَّافِعَةٌ سہ قیامت چھ بعضے لوکن پست کرہ ون، بیہ بعضے لوکن بلند کرہ ون، یعنے تمی دوہہ سپدہ کافرن ہندہ ذلت و پستی ہیوند تہ باایمانن ہندہ رفعت و بلندی ہیوند ظہور إِذَا رُجَّتِ الْأَرْضُ رَجًّا یلہ بونیول ایہ زمینس سیٹھاہ سخت بونیولاہ، یعنی وسراونہ یہ سوزورہ، وَّبُسَّتِ الْجِبَالُ بَسًّا بیہ آیہ کوہن ریزہ ریزہ کرنہ فَكَانَتْ هَبَاءً مُّنْبَثًّا پس سپدن کوہ چھکرنہ آمژ گردہی، وَّكُنْتُمْ أَزْوَاجًا ثَلٰثَةً توہہ سپدنو سارنی لوکن اولینن تہ آخرینن ترہ جماژ، اکھ جماعت گیہ دوزخی، بیاکھ گیہ عام جنتین ہنز، بیاکھ گیہ خاص جماعت مقربین ہنز، یم جنتہ کین اعلیٰ درجن منز آسن، امہ کوی تفصیل چھ اللہ تعالیٰ فرماوان، فَأَصْحٰبُ الْمَيْمَنَةِ مَا أَصْحٰبُ الْمَيْمَنَةِ پس چھویمو اندرہ اکھ قسم دچھنہ طرفک لوک، کیاہ رت چھہ تم دچھنہ طرفک لوک، تم گئے تمے یمن نامہ اعمال ایہ دینہ دچھنس اتھس بتھ، دویم قسم گو لوکن ہیوند وَأَصْحٰبُ الْمَشْئَمَةِ مَا أَصْحٰبُ الْمَشْئَمَةِ کھوفرہ طرفک لوک، تم کھوفرہ طرفک لوک کیتیاہ بیچھ پچھہ، مراد چھہ تموآندرہ تم لوک یمن نامہ اعمال ایہ دنہ کھوفرس اتھس کیتھ، یعنی کافر، وَالسّٰبِقُوْنَ

النَّعِيۡمِ ﴿۱۲﴾ ثُلَّةٌ مِّنَ الۡاَوَّلِيۡنَ ﴿۱۳﴾ وَقَلِيۡلٌ مِّنَ الۡاٰخِرِيۡنَ ﴿۱۴﴾
عَلٰى سُرُرٍ مَّوۡضُوۡنَةٍ ﴿۱۵﴾ مُّتَّكِـِٕيۡنَ عَلَيۡهَا مُتَقٰبِلِيۡنَ ﴿۱۶﴾
يَطُوۡفُ عَلَيۡهِمۡ وِلۡدَانٌ مُّخَلَّدُوۡنَ ﴿۱۷﴾ بِاَكۡوَابٍ وَّاَبَارِيۡقَ ۙ وَكَاۡسٍ
مِّنۡ مَّعِيۡنٍ ﴿۱۸﴾ لَّا يُصَدَّعُوۡنَ عَنۡهَا وَلَا يُنۡزِفُوۡنَ ﴿۱۹﴾ وَفَاكِهَةٍ مِّمَّا
يَتَخَيَّرُوۡنَ ﴿۲۰﴾ وَلَحۡمِ طَيۡرٍ مِّمَّا يَشۡتَهُوۡنَ ﴿۲۱﴾ وَحُوۡرٌ عِيۡنٌ ﴿۲۲﴾ كَاَمۡثَالِ

---

السّٰبِقُوۡنَ تريوم قسم کو برو نٹھ گرُھہ ونين ھيوند، تمۓ گئے برو نٹھ گرُھہ وڻن اعلیٰ درجک لوک، اُولٰٓئِكَ الۡمُقَرَّبُوۡنَ تم گئے خداليس سيت خاص قرب نہ نزديکی تھووڻن لوک، فِيۡ جَنّٰتِ النَّعِيۡمِ يم مقرب لوک آسن نعمتہ کين باغن اندر، عيش وآرامس منز ثُلَّةٌ مِّنَ الۡاَوَّلِيۡنَ * وَقَلِيۡلٌ مِّنَ الۡاٰخِرِيۡنَ يمن مقرب لوکن ھنز بڈ جماعت آسہ برو نٹھميولو کو اندرہ کيازہ تھوند تعداد چھوزيادہ کم جماعت آسہ پتہِ اُوہ ونيو اندرہ، برو نٹھميو اندرہ چھو مراد آدم عليہ السلامس پيٹھ عيسىٰ عليہ السلامس تان، پتہِ اُوہ ونيو اندرہ چھہ مراد پيغمبر آخرالزماں صلی اللہ عليہ وسلم سندہ پيٹھ، قيامتس تام، عَلٰى سُرُرٍ مَّوۡضُوۡنَةٍ تم مقرب لوک آسن بہت تمن تختن پيٹھ يم سونہ سنزو تارو سيت وُنہ آسن آمت، بيہ آسنکھ لعل وجواہر جرنہ آمت، مُّتَّكِـِٕيۡنَ عَلَيۡهَا مُتَقٰبِلِيۡنَ تمئ تختن پيٹھ آسن تکيہ دت بہت، اکھ اکس کُن بوتھ کرِت، يَطُوۡفُ عَلَيۡهِمۡ وِلۡدَانٌ مُّخَلَّدُوۡنَ يوان گرُھان آسن تمن نشہِ خوب صورت لوکٹ لوکٹ خدمت گار، يم اکی حالس نہ عمرہ پيٹھ روزن ہميشہ بِاَكۡوَابٍ وَّاَبَارِيۡقَ تمۓ آسن تمن نشہِ انان زيدار آب خور، بيہ قربہ نارہ، وَكَاۡسٍ مِّنۡ مَّعِيۡنٍ بيہ پيالہ يم شراب طھورہ سيت بر بر آسن، يُس شراب قدرتی طور ناگوتہ چشمو سيت اندرہ نيرت جاری آسہِ، لَّا يُصَدَّعُوۡنَ عَنۡهَا وَلَا يُنۡزِفُوۡنَ يمہ شراب طھورہ سيت نہ کرہ تمن کلہ دودزانہہ، نہ اکھ عقلہ منز فتور زانہہ، وَفَاكِهَةٍ مِّمَّا يَتَخَيَّرُوۡنَ بيہ ين تم خوب صورت لوکٹ تمن برونٹھکن تم ميوہ ہئت يم تم پسند کرن، وَلَحۡمِ طَيۡرٍ مِّمَّا يَشۡتَهُوۡنَ بيہ انکھ ہئت وڈہ ونين جانورن ہيوند بوزمت ماز يمن ہيوند تم ميل نہ خواہش کرن، وَحُوۡرٌ عِيۡنٌ بيہ آسن تمن جنتين ہندہ

اللُّؤْلُؤِ الْمَكْنُونِ ﴿٢٣﴾ جَزَآءًۢ بِمَا كَانُوا يَعْمَلُونَ ﴿٢٤﴾ لَا يَسْمَعُونَ فِيهَا
لَغْوًا وَّلَا تَأْثِيمًا ﴿٢٥﴾ إِلَّا قِيلًا سَلٰمًا سَلٰمًا ﴿٢٦﴾ وَأَصْحٰبُ الْيَمِينِ ۙ مَآ أَصْحٰبُ
الْيَمِينِ ﴿٢٧﴾ فِي سِدْرٍ مَّخْضُودٍ ﴿٢٨﴾ وَّطَلْحٍ مَّنْضُودٍ ﴿٢٩﴾ وَّظِلٍّ مَّمْدُودٍ ﴿٣٠﴾ وَّ
مَآءٍ مَّسْكُوبٍ ﴿٣١﴾ وَّفَاكِهَةٍ كَثِيرَةٍ ﴿٣٢﴾ لَّا مَقْطُوعَةٍ وَّلَا مَمْنُوعَةٍ ﴿٣٣﴾

---

خيطره تمن جنتن اندر تمي زنانه يمه پرنهِ آسن، اهنزه اڇه وڇڇه آسن، كَأَمْثَالِ اللُّؤْلُؤِ الْمَكْنُونِ تمي آسن محفوظ ٿهاونه آمت محته هشه صاف وشفاف، نپه نپه كران، جَزَآءًۢ بِمَا كَانُوا يَعْمَلُونَ يه اَكهه بدله عطا كرنه تمن رژن كامين هيوند يمه تم دنياء س منز كران آس، لَا يَسْمَعُونَ فِيهَا لَغْوًا وَّلَا تَأْثِيمًا سوجنتك شراب طهور چيت ياتمه وراى ته بوزن نه تمن جنتن اندر كانهه بے هوده كٿهاه، يانا گوار كلاماه، يمه سيت تهوند عيش متعفن سپده ها، إِلَّا قِيلًا سَلٰمًا سَلٰمًا مگر آسه پرته طرفه يوان تمن سلامئ هنز آواز، حق تعالىٰ كره تمن سلام، سلام، قولًا من رب رحيم، ملايك آسن كران تمن سلام، والملايكة يدخلون عليهم من كل باب، سلام عليكم طبتم پانه وان ته آسن اكه اكس سلام كران تحيتهم فيها سلام، غرض كه روحاني وجسماني پرته قسمك اعلىٰ درجك لذت آسه تمن حاصل يه گوسابقين هيوند حال، امه پته چهو بيان يوان كرنه اصحاب اليمين هيوند حال وَأَصْحٰبُ الْيَمِينِ مَآ أَصْحٰبُ الْيَمِينِ بيه يم دڇهنه طرفك لوك چهه، كياه رت چهه تم دڇهنه طرفك لوك، فِي سِدْرٍ مَّخْضُودٍ تم آسن بريه كلين هندين باغن اندر يمن نه كنڈ آسن وَّطَلْحٍ مَّنْضُودٍ بيه كيله كولين هندين باغن اندر، يمن كيله لگت آسن پيو ٿهوس پيڻه، وَّظِلٍّ مَّمْدُودٍ بيه آسن زيڻه، زيڻهس سايس تل، تيوت زيوڻه سايه كه هرگاه تيز رفتار گراكس هتس ورهس گڇهِ دورتله، توته وبرنه سوسايه، نه آسه تتهه سايس اندر گرمي نه آسه سردي، نه آسه تاريكي ته نه انه گٹه، نهايت خوشگوار ته معتدل آسهِ وَّمَآءٍ مَّسْكُوبٍ بيه آسهِ تمن باغن اندر آب جاري، وَّفَاكِهَةٍ كَثِيرَةٍ بيه آسن تمن باغن اندر بكثرت ميوه، لَّا مَقْطُوعَةٍ وَّلَا مَمْنُوعَةٍ يم نه ختمي گڇهان آسن زانهه دنيا كين ميون هند پاٹھ، كه موسم ختم سپد نه سيت كيا آسه هن ميوه ته ختم سپدان،

وَّفُرُشٍ مَّرۡفُوۡعَةٍ ﴿۳۴﴾ اِنَّاۤ اَنۡشَاۡنٰهُنَّ اِنۡشَآءً ﴿۳۵﴾ فَجَعَلۡنٰهُنَّ اَبۡكَارًا ﴿۳۶﴾
عُرُبًا اَتۡرَابًا ﴿۳۷﴾ لِّاَصۡحٰبِ الۡيَمِيۡنِ ﴿۳۸﴾ ثُلَّةٌ مِّنَ الۡاَوَّلِيۡنَ ﴿۳۹﴾ وَثُلَّةٌ
مِّنَ الۡاٰخِرِيۡنَ ﴿۴۰﴾ وَاَصۡحٰبُ الشِّمَالِ ۙ مَاۤ اَصۡحٰبُ الشِّمَالِ ﴿۴۱﴾ فِىۡ سَمُوۡمٍ
وَّحَمِيۡمٍ ﴿۴۲﴾ وَّظِلٍّ مِّنۡ يَّحۡمُوۡمٍ ﴿۴۳﴾ لَّا بَارِدٍ وَّلَا كَرِيۡمٍ ﴿۴۴﴾ اِنَّهُمۡ كَانُوۡا قَبۡلَ
ذٰلِكَ مُتۡرَفِيۡنَ ﴿۴۵﴾ وَكَانُوۡا يُصِرُّوۡنَ عَلَى الۡحِنۡثِ الۡعَظِيۡمِ ﴿۴۶﴾ وَكَانُوۡا

---

بیہ آسن نہ تم میوہ ٹھاک کرنہ آمت، وَّفُرُشٍ مَّرۡفُوۡعَةٍ بیہ آسن تھُدٕ تھُدٕ وتھرن، تمنِ وتھرنین پیٹھ آسن خوب صورت انہر شہ زنانہ اِنَّاۤ اَنۡشَاۡنٰهُنَّ اِنۡشَآءً اسہِ آسہِ تمن زنانن ہنز پیدائش کرمژ خاص طریقہ، فَجَعَلۡنٰهُنَّ اَبۡكَارًا تمہ آسن اسہِ کرمژہ سارے انہر شئے، حور تہ، دنیاچہ زنانہ تہِ، یمہ دنیاس اندر آسہ ہن سپز مژہ بجہِ، اَنہ تہ کانہ، تمنَی اَیہ جنتیس اندر نوزندگی تہ نولوکہ چار عطا کرنہ، تمن آسہِ نہ سوانہر شر پنہ نین خاندارن ہندہ ہم بستری کرنہ سیت تہ ژلان نہ زایل سپدان، عُرُبًا اَتۡرَابًا تمے آسن دلربا تہ تبلاوہ ونہ، یعنی خاندارن پنہ نین نازو تہ عشوو سیت پانس کُن مایل کرہ ونہ، بیہ آسن اکی وانسہِ، غرض تھوند حسن وجمال، نازو انداز، حرکات وسکنات، ساری چیز آسن دلکش لِّاَصۡحٰبِ الۡيَمِيۡنِ یم ساری چیز آسن دچھنہ طرفہ کین لوکن ہندہ خیطرہ، ثُلَّةٌ مِّنَ الۡاَوَّلِيۡنَ ٭ وَثُلَّةٌ مِّنَ الۡاٰخِرِيۡنَ اصحاب یمین ہنز بڈٕ جماعت آسہ برونٹھمیو لوکو اندرہ، بیہ آسہ بڈٕ جماعت اَتھ پتہِ اوہ ونیو اندرہ وَاَصۡحٰبُ الشِّمَالِ مَاۤ اَصۡحٰبُ الشِّمَالِ بیہ یم کھوفرہ طرفک لوک چھہ، تم کھوفرہ طرفک لوک کیتیاہ پچھ چھہِ، فِىۡ سَمُوۡمٍ وَّحَمِيۡمٍ تم لوک آسن نارس تہ رسرِ منز، وَّظِلٍّ مِّنۡ يَّحۡمُوۡمٍ بیہ سخت سیاہ دھہ کس سایس تل، یتھ منزنہ در بیٹھی کینہ یوان آسہِ، لَّا بَارِدٍ وَّلَا كَرِيۡمٍ نہ آسہ سوووہ شہول، نہ آسہ سوکنہ قسمہ خوش منظر تہ راحت وانہ ناوہ ون، بیہ یوتھ عذاب کیازہ سنا آسہ تمن، اِنَّهُمۡ كَانُوۡا قَبۡلَ ذٰلِكَ مُتۡرَفِيۡنَ بے شک تم آسنا یمہ برونٹھ یعنے دنیاءس اندر عیش و آرامس منز، یمہ سببہ فکری کھسان اوسکھنہ کینہہ، تتھ خوشحالی اندر آسہِ غرق گیمت، وَكَانُوۡا يُصِرُّوۡنَ عَلَى الۡحِنۡثِ الۡعَظِيۡمِ تمی آس تم ڈاڈ کرت اکس بڈس گنہس پیٹھ یعنے

يَقُولُونَ ۥ أَئِذَا مِتْنَا وَكُنَّا تُرَابًا وَعِظَامًا ءَإِنَّا لَمَبْعُوثُونَ ﴿٤٧﴾ أَوَ ءَابَاؤُنَا
الْأَوَّلُونَ ﴿٤٨﴾ قُلْ إِنَّ الْأَوَّلِينَ وَالْآخِرِينَ ﴿٤٩﴾ لَمَجْمُوعُونَ ۥ إِلَىٰ
مِيقَاتِ يَوْمٍ مَّعْلُومٍ ﴿٥٠﴾ ثُمَّ إِنَّكُمْ أَيُّهَا الضَّالُّونَ الْمُكَذِّبُونَ ﴿٥١﴾
لَآكِلُونَ مِن شَجَرٍ مِّن زَقُّومٍ ﴿٥٢﴾ فَمَالِئُونَ مِنْهَا الْبُطُونَ ﴿٥٣﴾
فَشَارِبُونَ عَلَيْهِ مِنَ الْحَمِيمِ ﴿٥٤﴾ فَشَارِبُونَ شُرْبَ الْهِيمِ ﴿٥٥﴾
هَٰذَا نُزُلُهُمْ يَوْمَ الدِّينِ ﴿٥٦﴾ نَحْنُ خَلَقْنَاكُمْ فَلَوْلَا تُصَدِّقُونَ ﴿٥٧﴾
أَفَرَءَيْتُم مَّا تُمْنُونَ ﴿٥٨﴾ ءَأَنتُمْ تَخْلُقُونَهُ ۥٓ أَمْ نَحْنُ الْخَالِقُونَ ﴿٥٩﴾

---

شرکس تہ کفرس پیٹھ وَكَانُوا يَقُولُونَ بیہ آس تم ونان، أَئِذَا مِتْنَا وَكُنَّا تُرَابًا وَعِظَامًا ءَإِنَّا لَمَبْعُوثُونَ کیا اس یلہ مرو توپتہ دودرو، اس روزنہ کینہہ تہ مژہ تہ اڈجوورای، تہ گژھت یموہ اس دوبارہ بیہ زندہ کرنہ، أَوَ ءَابَاؤُنَا الْأَوَّلُونَ کیا بیہ ینہ سان برونٹھیم مال بوڈبب تہ زندہ کرنہ۔ اَتھۍ حالت سانہ خوتہ تہ بدتر آسہ گیمڑ، قُلْ إِنَّ الْأَوَّلِينَ وَالْآخِرِينَ ✽ لَمَجْمُوعُونَ إِلَىٰ مِيقَاتِ يَوْمٍ مَّعْلُومٍ توہ فرماویو کھ یارسول اللہ بے شک تہنز کیاچھ کتھی، اولین تہ آخرین، ساری ین جمع کرنہ تہ سونبراونہ اکہ دوہہ اکس معین کرنہ آمتس وقتس پیٹھ، یعنے قیامتک دوہ، یمیوک وقت اللہ تعالیٰ سندس علمس اندر مقرر چھ ثُمَّ إِنَّكُمْ أَيُّهَا الضَّالُّونَ الْمُكَذِّبُونَ توپتہ چھو توہ ای وتہ ڈلیتو، ای پزس اپزانہ ونیو لَآكِلُونَ مِن شَجَرٍ مِّن زَقُّومٍ آسہ توہ ضرور کھیون، زقومہ کہ کُلہِ منزہ فَمَالِئُونَ مِنْهَا الْبُطُونَ تمی زقومہ سیت آسو توہ پنہ نہ یڈ برہ وٕنۍ تہ پُر کرہ وٕنۍ، فَشَارِبُونَ عَلَيْهِ مِنَ الْحَمِيمِ تتھ پیٹھ آسہِ توہِ چنِ جہنمچ رسر فَشَارِبُونَ شُرْبَ الْهِيمِ سوی رسوچیو توہ، تریشہ ہیتن ووٹن ہند پاٹھہ، هَٰذَا نُزُلُهُمْ يَوْمَ الدِّينِ یہے آسہ گوڈنچ ضیافت تہنز قیامتک دوہ، نَحْنُ خَلَقْنَاكُمْ فَلَوْلَا تُصَدِّقُونَ اسہِ کروہ توہ ساری پیدہ، گوڈنچہ لٹہ، یتھ توہ تہ چھوہ تسلیم کران، دویمہ لٹہ پیدہ کرنس کونہ چھوہ توہ تسلیم تہ تصدیق کران، أَفَرَءَيْتُم مَّا تُمْنُونَ ✽ ءَأَنتُمْ تَخْلُقُونَهُ

نَحْنُ قَدَّرْنَا بَيْنَكُمُ الْمَوْتَ وَمَا نَحْنُ بِمَسْبُوقِينَ ۝٦٠ عَلَىٰ أَنْ
نُبَدِّلَ أَمْثَالَكُمْ وَنُنْشِئَكُمْ فِي مَا لَا تَعْلَمُونَ ۝٦١ وَلَقَدْ عَلِمْتُمُ
النَّشْأَةَ الْأُولَىٰ فَلَوْلَا تَذَكَّرُونَ ۝٦٢ أَفَرَأَيْتُمْ مَا تَحْرُثُونَ ۝٦٣ أَأَنْتُمْ
تَزْرَعُونَهُ أَمْ نَحْنُ الزَّارِعُونَ ۝٦٤ لَوْ نَشَاءُ لَجَعَلْنَاهُ حُطَامًا
فَظَلْتُمْ تَفَكَّهُونَ ۝٦٥ إِنَّا لَمُغْرَمُونَ ۝٦٦ بَلْ نَحْنُ مَحْرُومُونَ ۝٦٧

---

أَمْ نَحْنُ الْخَالِقُونَ توہ ونتوئیس منی یعنے نطفہ توہ واتہ ناوان چھوہ زنانن ہندین شکمن تہ بچہ دانین اندر، کیا توہی چھوہ تتھ نُطفس انسان بناوان، کِنہ اس چھہ انسان بناون وال، یہ کتھ چھہ ظاہر کہ بناون وال تہ پیدہ کرن وال چھہ اسی، منی اندر تراونہ پتہ چھنہ ہتہ چہ کنہ کامہ پیٹھ تہوند کانہہ تصرف، یہ چھنہ اسہِ ورای کانسہ ہنز کوم، نَحْنُ قَدَّرْنَا بَيْنَكُمُ الْمَوْتَ اسی چھو مقرر کرمت توہندہ خیطرہ مرن، یعنی سانی کوم پیدہ کرون، تو پتہ اکس خاص وقتس تام زندہ تھاون، تو پتہ اکس معین و مقررہ وقتس پیٹھ مارُن، یمہ چھہ سارے کامہِ سانئے، وَمَا نَحْنُ بِمَسْبُوقِينَ اسہ چھنہ ہرگز عاجز عَلَىٰ أَنْ نُبَدِّلَ أَمْثَالَكُمْ وَنُنْشِئَكُمْ فِي مَا لَا تَعْلَمُونَ یمہِ کتھہ نِشہِ کہ اس کیا بدلاوِوہ توہ، توہی ہیوین بین لوکن سیت، بیہ واتہ ناوِوہ توہ تتھ عالمس منز، یتھیوک نہ توہہِ پتہ ہی آسہِ، یا بناوِوہ توہ تمی قسمک مخلوق یمن ہنزنہ توہِ خبری آسہِ، یعنے توہِ سپدہ مسخ صورت، واندرن تہ سُورن ہنز شکل، اسہِ ہیکہ نہ تمہ نِشہِ کانہہ تہ پتھ رٹتھ، وَلَقَدْ عَلِمْتُمُ النَّشْأَةَ الْأُولَىٰ فَلَوْلَا تَذَكَّرُونَ بے شک توہ چھہ سانہ گوڈہ پیدہ کرنچ خبرٔی، ادہ کونہ چھو توہِ یاد پیوان تہ فکرہ تران کہ قیامتک دوہ تہِ اَیوہ توہ اِتھے پاٹھ بیہ دوبارہ پیدہ کرنہ، أَفَرَأَيْتُمْ مَا تَحْرُثُونَ * أَأَنْتُمْ تَزْرَعُونَهُ أَمْ نَحْنُ الزَّارِعُونَ توہ ونتوای لوکوئیس توہہ غلاتن ہیوند بیول زمینس منز وِوان چھِوہ، کیا توہ چھوہ تتھ بیالس زمینہ منزہ کُلِ کھاران، کِنہ زراعت تہ کل کھارہ وُن چھہ اس، سو زراعت کھیت تہ چھو سو سانسی اختیارس اندر، لَوْ نَشَاءُ لَجَعَلْنَاهُ حُطَامًا فَظَلْتُمْ تَفَكَّهُونَ ہرگاہ اس یژھو سو زراعت کرون اس ہاشہ گومُت، ئیس پنہ پنہ سوروی وس پیہ، پننہ ورائے آسہِ کِنہ، پس سپدیو توہ حیران

أَفَرَءَيْتُمُ الْمَآءَ الَّذِىْ تَشْرَبُوْنَ ﴿٦٨﴾ ءَاَنْتُمْ اَنْزَلْتُمُوْهُ مِنَ
الْمُزْنِ اَمْ نَحْنُ الْمُنْزِلُوْنَ ﴿٦٩﴾ لَوْ نَشَآءُ جَعَلْنٰهُ اُجَاجًا فَلَوْلَا
تَشْكُرُوْنَ ﴿٧٠﴾ اَفَرَءَيْتُمُ النَّارَ الَّتِىْ تُوْرُوْنَ ﴿٧١﴾ ءَاَنْتُمْ
اَنْشَاْتُمْ شَجَرَتَهَآ اَمْ نَحْنُ الْمُنْشِـُٔوْنَ ﴿٧٢﴾ نَحْنُ جَعَلْنٰهَا تَذْكِرَةً
وَّمَتَاعًا لِّلْمُقْوِيْنَ ﴿٧٣﴾ فَسَبِّحْ بِاسْمِ رَبِّكَ الْعَظِيْمِ ﴿٧٤﴾ فَلَآ
اُقْسِمُ بِمَوٰقِعِ النُّجُوْمِ ﴿٧٥﴾ وَاِنَّهٗ لَقَسَمٌ لَّوْ تَعْلَمُوْنَ عَظِيْمٌ ﴿٧٦﴾

۽ پريشان ڏِينهُ لڳيو ته، اِنَّا لَمُغْرَمُوْنَ بي شڪ ڇهه اسين نقصان زده ۽ تاوان زده، بَلْ نَحْنُ مَحْرُوْمُوْنَ نقصان ڇڏي ڇهه نه سگهيا، بلڪه ڇهه اسين بالڪل محروم، اسه روڏ نه ڪٿي، اَفَرَءَيْتُمُ الْمَآءَ الَّذِىْ تَشْرَبُوْنَ تون ونتواي لوڪو تهه آبس متعلق ليس توه ڇوان ڇهوه، ءَاَنْتُمْ اَنْزَلْتُمُوْهُ مِنَ الْمُزْنِ اَمْ نَحْنُ الْمُنْزِلُوْنَ ڪيا توهي ڇهوه سو آب اُبر منزه تراوان، ڪينهه سو آب تراوان والِ ڇهه اسي، سو باران تراوت ۽ ڇهوه سو آسان سانسي اختيارس اندر، لَوْ نَشَآءُ جَعَلْنٰهُ اُجَاجًا فَلَوْلَا تَشْكُرُوْنَ هر گاه اس يژهو سو ڪرون اس نمڪين ۽ ٽيوٺه، بالڪل بدمزه، ۽ هيڪون ڪرت، ونَن ڇهوه يه سان بنڊ مهرباني ڪه اس ڇهوه نه سو آب ٽيٺهر اوان، اده ڪونه ڇهوه توه شُڪر گذاري ڪران بياڪ بوڈ فرض ڇهو شرڪ تراون ۽ توحيد پالن، اَفَرَءَيْتُمُ النَّارَ الَّتِىْ تُوْرُوْنَ اي لوڪو توه ونتوئيس نار توه روشن ڪران ڇهوه، ءَاَنْتُمْ اَنْشَاْتُمْ شَجَرَتَهَآ اَمْ نَحْنُ الْمُنْشِـُٔوْنَ ڪيا توهِ ڪروڪه تم ڪُلِ پيده يمو منزه تم سبز آسته سو نار ڇهونيران ئيس تهزن لنجن اکه اکس سيت ڪهرن دِنه ڪه وقته ظاهر سپدان ڇهو، ڪنه اسِي ڇهه تمن ڪلين هند پيده ڪره وئن، تمو منزه سو شعله ۽ ره ڪڑه وئن، نَحْنُ جَعَلْنٰهَا تَذْكِرَةً وَّمَتَاعًا لِّلْمُقْوِيْنَ اسه ڪر يه دنياڪ نار آخرتڪ نارِ دوزخ ژيتس پاونڪ اکه چيزاه پيده، بيه اکه فايدڪ چيزاه مسافرن هنده خيطره، سو نفع تُلن ۽ ڇهو موقوف خدايه سندس قدرتس پيٺه، لهذا سنز يه قدرت ڇهه، فَسَبِّحْ بِاسْمِ رَبِّكَ الْعَظِيْمِ پس ڪريو توه تس پنه نس بڈس پروردگاره سنده نام پاڪ تسبيح ۽ تمجيد، فَلَآ اُقْسِمُ بِمَوٰقِعِ النُّجُوْمِ بو ڇهس قسم هاوان تاره ڪن

إِنَّهُ لَقُرْاٰنٌ كَرِيْمٌ ﴿٧٧﴾ فِيْ كِتٰبٍ مَّكْنُوْنٍ ﴿٧٨﴾ لَّا يَمَسُّهٗٓ اِلَّا الْمُطَهَّرُوْنَ ﴿٧٩﴾
تَنْزِيْلٌ مِّنْ رَّبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿٨٠﴾ اَفَبِهٰذَا الْحَدِيْثِ اَنْتُمْ مُّدْهِنُوْنَ ﴿٨١﴾
وَتَجْعَلُوْنَ رِزْقَكُمْ اَنَّكُمْ تُكَذِّبُوْنَ ﴿٨٢﴾ فَلَوْلَآ اِذَا بَلَغَتِ الْحُلْقُوْمَ ﴿٨٣﴾
وَاَنْتُمْ حِيْنَئِذٍ تَنْظُرُوْنَ ﴿٨٤﴾ وَنَحْنُ اَقْرَبُ اِلَيْهِ مِنْكُمْ وَلٰكِنْ لَّا

---

هنزن لوسنه چن جاين، هيوند وَاِنَّهٗ لَقَسَمٌ لَّوْ تَعْلَمُوْنَ عَظِيْمٌ پڑپاڑھ يه ڇهو قسماه سيٹھاه بوڈ هرگاه توه خبر آسها كيازه خدا ايميوك قسم هاوه سوڇها معمولي كتهاه، قسم ڇهو يتھ كتھ پيٹھ كه اِنَّهٗ لَقُرْاٰنٌ كَرِيْمٌ * فِيْ كِتٰبٍ مَّكْنُوْنٍ بے شك يه قرآن مجيد يُس نبي كريم صلى الله عليه وسلمس پيٹھ نازل سپدان ڇهو، تمه كه منزل من الله آسنه موكھ ڇهو سو سيٹھاه مكرم و معظم قرآن مجيد يُس اكس محفوظ كتابه اندر برونٹھ پیٹھئے درج ڇهو، يعنے لوح محفوظس اندر، لَّا يَمَسُّهٗٓ اِلَّا الْمُطَهَّرُوْنَ اتھ ڇهِنه لاگان تتھ لوح محفوظس، مگر پاك و پاكيزه ملَك، شيطانن ڇهنه ممكني، اَتھ، نكھ پكن يا اتھ لاگُن، امه كين معنين پیٹھ مطلع سپدنچ ڇهنه تُھی، بعضے مفسرين ڇهِ لا يَمَسُّهٗ، راجع كران قرآن مجيدس كُن، يعنے اتھ قرآن مجيدس ڇهنه اتھ لاگان مگر پاك لوك يعنے اَهند دل صاف ڇهِ اِهند اخلاق پاكيزه ڇهِ، يمن و تھ ڇھ يوان امه كين علوم وصنايعن كُن، يا ڇهو يه نفي يعنے نهي گو مطلب اتھ قرآن مجيدس مه آٮِن اتھ لاگان مگر پاك لوك يعنے بے طهارت آسن نه اتھ لاگان يا تھپ كران، چنانچه حديث شريفن اندر ڇهو تتھ متعلق بيان فرمُومُت نبي كريمن صلى الله عليه وسلم تَنْزِيْلٌ مِّنْ رَّبِّ الْعٰلَمِيْنَ يه قرآن مجيد ڇهو نازل كرنه آمُت رب العالمينه سنده طرفه اَفَبِهٰذَا الْحَدِيْثِ اَنْتُمْ مُّدْهِنُوْنَ كيا اتھ كلام پاكس سيت ڇهوه توه سو معمولي كتهاه زانت خلاف كران، وَتَجْعَلُوْنَ رِزْقَكُمْ اَنَّكُمْ تُكَذِّبُوْنَ امه مُداهنته علاوه ڇهوه توهه بنومُت اَتھ قرآن مجيدس انكار كرون ته سوا پزانن پنون غذا، تمي ڇهِوه توحيدس ته قيامته كس دوهس انكار كران، هرگاه يه انكار كرون تو هنده پُز ڇهو، فَلَوْلَآ اِذَا بَلَغَتِ الْحُلْقُوْمَ اده كونه ڇهوه توِه تمه وقته كنه هيكان كرت يمه وقته توهندس كانسه رشته دارس، عزيزس مرنه وِزه زُوهرس پیٹھ واتان ڇهو، موته چه سختي گرفتار سپدان ڇهو، وَاَنْتُمْ حِيْنَئِذٍ تَنْظُرُوْنَ توه ڇهوه حسرته چو نظر ولس وڇهان، تمسنز بے بسي ته درمانده گی هيوند

تُبْصِرُوْنَ ﴿٨٥﴾ فَلَوْلَآ اِنْ كُنْتُمْ غَيْرَ مَدِيْنِيْنَ ﴿٨٦﴾ تَرْجِعُوْنَهَآ اِنْ
كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ﴿٨٧﴾ فَاَمَّآ اِنْ كَانَ مِنَ الْمُقَرَّبِيْنَ ﴿٨٨﴾ فَرَوْحٌ وَّ
رَيْحَانٌ ۙ وَّجَنَّتُ نَعِيْمٍ ﴿٨٩﴾ وَاَمَّآ اِنْ كَانَ مِنْ اَصْحٰبِ الْيَمِيْنِ ﴿٩٠﴾
فَسَلٰمٌ لَّكَ مِنْ اَصْحٰبِ الْيَمِيْنِ ﴿٩١﴾ وَاَمَّآ اِنْ كَانَ مِنَ الْمُكَذِّبِيْنَ

---

تماشه وڇهان، وَنَحْنُ اَقْرَبُ اِلَيْهِ مِنْكُمْ وَلٰكِنْ لَّا تُبْصِرُوْنَ اس ته ڇهه لَّس مرن والس شخص تو هنده خو ته زياده نزديک آسان توهِ ڇهو وڇهان تهوند ظاهري حالي يوت، اسهِ ڇهو معلوم تهوند باطني حال ته، مگر تو هه ڇهوه نه سون لَّس نزديک ته قريب آسَن وڇهان فَلَوْلَآ اِنْ كُنْتُمْ غَيْرَ مَدِيْنِيْنَ اگر في الواقع توه قيامتک دوه دوباره بيه زنده اَيونه کرنه توهِ حساب اَيه نه هينه، توه کانسه هندس اختيارس منز ڇهوه نه تَرْجِعُوْنَهَآ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ تله کونه ڇهوه اسِ مَرن والِس شخصسه سند روح واپس انان، يا کيازه ڇهوه تهندس روحس نير نه ديوان، ڇهوے توه اتهه خبط وخيالس يعنے قيامته کس انکارس اندر پزير، معلوم سپد که قيامتک وقوع ڇهو حق ته پُز، لهذا ايله سه قيامت قائم سپده فَاَمَّآ اِنْ كَانَ مِنَ الْمُقَرَّبِيْنَ پس يُس شخص آسه تمهٔ دوهه مقرب بندوآندره، فَرَوْحٌ وَّرَيْحَانٌ وَّجَنَّتُ نَعِيْمٍ تله ڇهو تهندي خيطره مکمل آرام، بيه فراغتک غذا، يا جنتک بوي خوش، بيه نعمژن هُند باغ، وَاَمَّآ اِنْ كَانَ مِنْ اَصْحٰبِ الْيَمِيْنِ وئن يُس آسهِ دڇهنه طرفه کيولو کوآندره، لَّس اَيه ونه، فَسَلٰمٌ لَّكَ مِنْ اَصْحٰبِ الْيَمِيْنِ ڇانه خيطره ڇهو امن وامان پرِ تهه آفته نِشهِ، کيازه ژه ڇهک اصحاب يمينو آندره، وَاَمَّآ اِنْ كَانَ مِنَ الْمُكَذِّبِيْنَ الضَّآلِّيْنَ وئن يُس شخص آسهِ پزس اِنکار کره ونيو آندره، وته ڈليو آندره، فَنُزُلٌ مِّنْ حَمِيْمٍ * وَّتَصْلِيَةُ جَحِيْمٍ پس ايه لَّس گوڈني پيش کرنه جهنج رسر، تو پته گوس واتُن ته داخل سپدن دزه ونس نارس اندر، هميشه روزنه

الضَّآلِّينَ ﴿٩٢﴾ فَنُزُلٌ مِّنْ حَمِيمٍ ﴿٩٣﴾ وَتَصْلِيَةُ جَحِيمٍ ﴿٩٤﴾ إِنَّ
هَٰذَا لَهُوَ حَقُّ الْيَقِينِ ﴿٩٥﴾ فَسَبِّحْ بِاسْمِ رَبِّكَ الْعَظِيمِ ﴿٩٦﴾

---

خيطره **إِنَّ هَٰذَا لَهُوَ حَقُّ الْيَقِينِ** بي شڪ هي ڇه پڪ تہ يقيني ڪتھ، **فَسَبِّحْ بِاسْمِ رَبِّكَ الْعَظِيمِ** لهذا يسندس اختيار و تصرف منزيمه سارے ڪتھ ڇه، لتس عظيم الشان پنه نس پروردگاره سنده نام پاڪه سيت ڪريو توه تهونديا د، پران آسيو سبحان ربی العظيم يله يه آيه ڪريمه نازل سپد نبی ڪريم صلی الله عليه وسلمس پيٹھ فرمووک اجعلوها في رکوعکم يه تهاويو توه پنن وظيفه نمازه هندس رکوعس اندر، يعنے رکوعس اندر آسيو پران يهوی تسبيح سبحان ربی العظيم يله يه نازل سپد سَبِّحِ اسْمَ رَبِّكَ الْأَعْلَى تمه ساتة فرموو نبی ڪريمن صلی الله عليه وسلم اجعلوها فی سجودکم يه تهاويون توه پنه نس سجدس اندر، يعنے سجدس اندر آسيو پران سبحان ربی الاعلیٰ۔



## سُوْرَةُ الْحَدِيْدِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
سَبَّحَ لِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۚ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ① لَهٗ مُلْكُ
السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۚ يُحْيٖ وَيُمِيْتُ ۚ وَهُوَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ②
هُوَ الْاَوَّلُ وَالْاٰخِرُ وَالظَّاهِرُ وَالْبَاطِنُ ۚ وَهُوَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ ③
هُوَ الَّذِيْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ فِيْ سِتَّةِ اَيَّامٍ ثُمَّ اسْتَوٰى
عَلَى الْعَرْشِ ۚ يَعْلَمُ مَا يَلِجُ فِي الْاَرْضِ وَمَا يَخْرُجُ مِنْهَا وَمَا يَنْزِلُ

---

سَبَّحَ لِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ الله تعالىٰ سنزپاکي ڇھ بيان کران ساري مخلوق يم آسمانن منز تہ زمين منز چھ اڈ بزبان قال، اڈ بزبان حال، وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ سو چھو سيٹھاہ زبردست سٹھاہ حکمتہ وول لَهٗ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ تھندوی راج تہ حکومت چھو آسمانن تہ زمين اندر، يُحْيٖ وَيُمِيْتُ سوی چھو زندگی عطا کران سوی چھو ماران، وَهُوَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ بيہ چھو سوی پر تھ چيزس پيٹھ قدرتہ وول هُوَ الْاَوَّلُ وَالْاٰخِرُ وَالظَّاهِرُ وَالْبَاطِنُ سوی چھو سارنی مخلوقن برونٹھ، سوی چھو سارنئ مخلوقن پتہ، سوی چھو دليلن ہندہ اعتبارہ ظاہر تہ نون سوی چھو يمہ اعتبارہ کہ تھندہ ذاتک کُنہ تہ ادراک کياہيکہ نہ کانہہ تہ کرت باطن تہ پوشيدہ، وَهُوَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ سوی چھو پرت چيزاہ پورہ زانہ ون، هُوَ الَّذِيْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ فِيْ سِتَّةِ اَيَّامٍ سوی چھو تيوتھ قدرتہ وول کہ تم کرو آسمان تہ زمين پيدہ، شن دوہن ہندس مُدتس اندر، ثُمَّ اسْتَوٰى عَلَى الْعَرْشِ تو پتہ سپد مستوی عرشس پيٹھ تتھ پاٹھ اَتھ پاٹھ تھندس شانس شوبہ، يَعْلَمُ مَا يَلِجُ فِي الْاَرْضِ وَمَا يَخْرُجُ مِنْهَا سوی چھو زانان تہ سوری يہ وَسان واتان تہ اڑان چھوز مينس اندر، بيہ تہِ سوروی يہ تہِ تمہ منزہ کھسان تہ نيران چھو، وَمَا يَنْزِلُ مِنَ

مِنَ السَّمَآءِ وَمَا يَعْرُجُ فِيْهَا ؕ وَهُوَ مَعَكُمْ اَيْنَ مَا كُنْتُمْ ؕ وَاللّٰهُ بِمَا
تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ ﴿۴﴾ لَهٗ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ وَاِلَى اللّٰهِ تُرْجَعُ
الْاُمُوْرُ ﴿۵﴾ يُوْلِجُ الَّيْلَ فِى النَّهَارِ وَيُوْلِجُ النَّهَارَ فِى الَّيْلِ ؕ وَهُوَ
عَلِيْمٌ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ ﴿۶﴾ اٰمِنُوْا بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ وَاَنْفِقُوْا مِمَّا
جَعَلَكُمْ مُّسْتَخْلَفِيْنَ فِيْهِ ؕ فَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مِنْكُمْ وَاَنْفَقُوْا

---

السَّمَآءِ وَمَا يَعْرُجُ فِيْهَا بیہ تہ سوروی یہ وسان چھو آسمان کہ طرفہ بیہ تہ سوروی یہ کہ کھسان چھہ توکن، وَهُوَ مَعَكُمْ اَيْنَ مَا كُنْتُمْ چنانچہ سو چھو علم واطلاعہ کہ اعتبارہ توہ سیت سیت ادہ یتہ توہ آسیوتتہ تت وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ بیہ چھو سو معبود بر حق توہنزہ سارے کامہ وچھان، توہہ ہیکونہ کنہ جایہ تس نشہِ ژورہ تہ کھٹت روزت لَهٗ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَاِلَى اللّٰهِ تُرْجَعُ الْاُمُوْرُ تہنزی سلطنت تہ حکومت چھہ آسمانن تہ زمین منز پیٹھ تہ آو بیان کرنہ لہ ملک السموات والارض، تتہ تس چھو مراد احیاء واماتت، یعنے زندہ کرنک تہ مارنک مسئلہ چھنہ تس ورای کانسہ ہندس اختیارس اندر یتھس فرمووکھ بیہ لہ ملک السموات والارض یو تھہ ثابت تہ محقق سپدہ کہ مرنہ پتہ بیہ پیدہ کرن تہِ چھو تہندسئی اختیارس اندر، لہذا چھنہ اتھ آیہ کرتمس اندر تکرار کینہ تہِ، يُوْلِجُ الَّيْلَ فِى النَّهَارِ وَيُوْلِجُ النَّهَارَ فِى الَّيْلِ سوی چھو راژ ہندین حصن دوہہ کین حصن منز ملناوان، یمہ سیت دوہ چھو بڑان، سوی چھو دوہہ کین حصن راژ سیت ملناوان یمہ سیت رات چھہ بڑان، اتھ قدرتس سیت چھو تہوند علم تمہ قسمہ کامل، کہ وَهُوَ عَلِيْمٌ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ سہ چھہ زانان لوکن ہندین دلن ہنزہ کتھہ تہ رایہ تان تہِ، ونن یلہ تہنزہ وحدانیت مکمل طور ثابت سپز، اٰمِنُوْا بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ ای لوکو ایمان انیو تہ پژھ کریو کُنس خدایس، سوزانیون منزہ تہ پاک گُنہ چیزس اندر شریک آسنہ نشہِ، بیہ کریو پژھ تہندس پیغمبرس، کیازہ تہندس رسالتس پژھ کرنہ ورای چھنہ توحید نجات دیوہ ؤن تس شخص، یس پیغمبرہ سنز خبر واژمژ آسہِ، بلکہ چھو لازم اقرار الوھیتس سیت اقرار رسالت تہ کرون، امہِ پتہ فرمووکھ اصلی حکمس سیت

لَهُمْ اَجْرٌ كَبِيْرٌ ۝٧ وَمَا لَكُمْ لَا تُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ ۚ وَالرَّسُوْلُ يَدْعُوْكُمْ
لِتُؤْمِنُوْا بِرَبِّكُمْ وَقَدْ اَخَذَ مِيْثَاقَكُمْ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ۝٨
هُوَ الَّذِيْ يُنَزِّلُ عَلٰى عَبْدِهٖٓ اٰيٰتٍۭ بَيِّنٰتٍ لِّيُخْرِجَكُمْ مِّنَ
الظُّلُمٰتِ اِلَى النُّوْرِ ۭ وَاِنَّ اللّٰهَ بِكُمْ لَرَءُوْفٌ رَّحِيْمٌ ۝٩

---

فرعی طمماہ تہٕ، سوگو وَاَنْفِقُوْا مِمَّا جَعَلَكُمْ مُّسْتَخْلَفِيْنَ فِيْهِ بیہ کریو خرچ تمہ مالہ اندرہ، یمک توہ اللہ تعالیٰ ان خلیفہ تہٕ قائم مقام کرنوہ، تہندی خیطرہ کیازہ تہنزہ وتہٕ اندر مال خرچ کرن چھو علامت کہ تود چھوہ پورہ پڑھ خدایہ سنز تہٕ تہندس پیغمبرہ سنز، بیہ سپدہ مال خرچ کرنہ سیت اشاعتِ اسلام یس مقصود اعظم چھو، یعنے پانہ تہٕ انیوا یمان خدا یس تہٕ تہندس پیغمبرس، بیہ کریو کوشش بین لوکن ہندہ ایمان انہ نچ. مما جعلکم مستخلفین فیہ فرماونہ سیت کرکھ اِشارہ ینتھ کتھ کُن کہ یہ مال اوس توہِ برونٹھ بیہ کانسہ نش، تو بناونوہ تہند خلیفہ، ونٕ اَتھس کالس توہِ نش چھو یہ مال، تلیو تیتیس کالس امہِ سیت فائدہ، رژن کامین اندر خرچ کرنہ سیت، توہ پتہ واتہ یہ مال بیہ کانسہ نش، سو سپدہ خلیفہ امہ مالک، یہ مال پُوشہ ژن پھٕنہ یہ اَتِ تھاون، جمع کرت تھاون، ضروری مصرفن اندر خرچ نہ کرن چھ محض حماقت، اتھ کُن نظر کرت فَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مِنْكُمْ وَاَنْفَقُوْا لَهُمْ اَجْرٌ كَبِيْرٌ یمو لوکو توہِ اندرہ ایمان اُن خداو پیغمبر خدا یس بیہ کرکھ مال خرچ تہنزن وتن اندر، تہندہ خیطرہ چھو بوڈ ثواب یمو لوکو ایمان اُن نہ تمن چھ اسر پرژھان وَمَا لَكُمْ لَا تُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ بیہ کیاہ وجہ چھو کہ توہ چھوہ نہ پڑھ کران معبود برحقس بیہ تہندس رسولِ برحقس، حالانکہ تمک قوی اسباب تہٕ دواعی چھوہ ساری موجود وَالرَّسُوْلُ يَدْعُوْكُمْ لِتُؤْمِنُوْا بِرَبِّكُمْ یہ بوڈ پیغمبر چھو توہ ناددیوان کہ کریو پڑھ پنہ نس پروردگارس دویم داعی گوہ یہ کہ وَقَدْ اَخَذَ مِيْثَاقَكُمْ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ پانہ چھو تو ہند پروردگارن توہِ نشہِ ایمان انہ نس پیٹھ میثاق الست کہ دوہہ عہد رٹمت، یموک اجمالی اثر تو ہندس فطرتس منز موجود تہٕ چھو تیچ یاددہانی پیغمبران کراموتہٕ توہ کرمژ چھ وقتاً فوقتاً، اگر توہِ ایمان انن چھوٕیم چیز چھ تو ہندہ حقہ کانی هُوَ الَّذِيْ يُنَزِّلُ عَلٰى عَبْدِهٖٓ اٰيٰتٍۭ بَيِّنٰتٍ

وَمَا لَكُمْ أَلَّا تُنفِقُوا فِي سَبِيلِ اللَّهِ وَلِلَّهِ مِيرَاثُ السَّمَاوَاتِ وَ
الْأَرْضِ ۚ لَا يَسْتَوِي مِنكُم مَّنْ أَنفَقَ مِن قَبْلِ الْفَتْحِ وَقَاتَلَ ۚ
أُولَٰئِكَ أَعْظَمُ دَرَجَةً مِّنَ الَّذِينَ أَنفَقُوا مِن بَعْدُ وَقَاتَلُوا ۚ
وَكُلًّا وَعَدَ اللَّهُ الْحُسْنَىٰ ۚ وَاللَّهُ بِمَا تَعْمَلُونَ خَبِيرٌ ﴿١٠﴾

سو معبود برحق چھو تتھوی رحمتہ وول کہ سو چھو پنہ نس بندۂ خاص محمد صلی اللہ علی وسلمس پیٹھ صاف صاف تہ نن آیات نازل کران، لِيُخْرِجَكُم مِّنَ الظُّلُمَاتِ إِلَى النُّورِ یوتہ سو بندۂ خاص توہ لوکن کفرہ چو تہ جہلہ چو تاریکیو نشہِ کڈتھ ایمان وعرفانہ کس نورس کُن واتہ ناوہ، وَإِنَّ اللَّهَ بِكُمْ لَرَءُوفٌ رَّحِيمٌ بے شک اللہ تعالیٰ چھو توہ نسبت ستھاہ مہربان تہ ستھاہ رحم کرہ ون، یم توہ کُن شفقتہ وول یُو تھ پیغمبر برحق سوز، اتھ اندر اوس سوال ایمان نہ انہ نس پیٹھ، امہ پتہ چھو سوال یوان کرنہ مال خرچ نہ کرنس پیٹھ، یعنے مال کونہ چھوہ خرچ کران، وَمَا لَكُمْ أَلَّا تُنفِقُوا فِي سَبِيلِ اللَّهِ بیہ کیاہ وجہ چھو کہ توہ چھوہ نہ مال خرچ کران خدایہ سنزہ وتہ اندر، دلہ چہ خوشی سیت وَلِلَّهِ مِيرَاثُ السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ امہ توہندہ مالچ کیاہ چھہ کتھی، سوروی آسمان تہ زمین سپدہ پتولا کہ خدایہ سندوی، یلہ ساری عارضی مالک مرن تہ ختم سپدن، سوروی واتہ مالک حقیقس نشہِ، دنیاءس اندر چھو یہ مال توہ اکہ نتہ اکہ دوہہ تراوہ نوی، لہذا کونہ دیو تہندہ رضا خیطرہ، یمہ سیت توہِ ثواباہ تہ اجراہ حاصل سپدہ، خرچ کرنس اندر تہ چھو واریاہ فرق تہ تفاوت، لَا يَسْتَوِي مِنكُم مَّنْ أَنفَقَ مِن قَبْلِ الْفَتْحِ وَقَاتَلَ برابر چھنہ تم لوک یمو مال خرچ کر اللہ تعالیٰ سنزہ وتہ اندر، یا جہاد کر اللہ تعالیٰ سنز، وتہ اندر فتح مکہ برونٹھ، أُولَٰئِكَ أَعْظَمُ دَرَجَةً مِّنَ الَّذِينَ أَنفَقُوا مِن بَعْدُ وَقَاتَلُوا یم لوک چھہ درجہ کن ستھاہ تھد، تمن لوکن ہندہ خوتہ یمو خرچ تہ جہاد کر، فتح مکہ پتہ کیازہ فتح مکہ برونٹھ آس زو تہ مال خرچ کرنس خدایہ سنزہ وتہ اندر زیادہ قدر، کیازہ مسلمان آس کم دشمن آسِ واریاہ، مال غنیمت اوس نہ یوان کُنہ طرفہ، لہذا آس جہاد کرنس تہ مال خرچ کرنس زیادہ قدر، فتح مکہ پتہ سپز یمن چیزن اندر واریاہ فرق، فتح مکہ پتہ آی لوک پرت طرفہ برضا ورغبت دین اسلامس اندر داخل سپدنہ خیطرہ، فوجو فوجو، وَكُلًّا وَعَدَ اللَّهُ الْحُسْنَىٰ اتھ پاٹھ چھو اللہ تعالیٰ

مَنْ ذَا الَّذِیْ یُقْرِضُ اللّٰهَ قَرْضًا حَسَنًا فَیُضٰعِفَهٗ لَهٗ وَلَهٗۤ
اَجْرٌ كَرِیْمٌ ﴿۱۱﴾ یَوْمَ تَرَى الْمُؤْمِنِیْنَ وَالْمُؤْمِنٰتِ یَسْعٰى نُوْرُهُمْ
بَیْنَ اَیْدِیْهِمْ وَبِاَیْمَانِهِمْ بُشْرٰىكُمُ الْیَوْمَ جَنّٰتٌ تَجْرِیْ مِنْ تَحْتِهَا
الْاَنْهٰرُ خٰلِدِیْنَ فِیْهَا ذٰلِكَ هُوَ الْفَوْزُ الْعَظِیْمُ ﴿۱۲﴾ یَوْمَ یَقُوْلُ

ان ثواب عطا کرنک وعدہ سارنئ سیت کرمُت وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِیْرٌ اللہ تعالیٰ اس پچھ توہنزن سارنئ عملن ہنز پور خبر، کس کوت اخلاص چھو دلس اندر، سو دیہ تمی موجب سارنی مزورِ۔ مَنْ ذَا الَّذِیْ یُقْرِضُ اللّٰهَ قَرْضًا حَسَنًا فَیُضٰعِفَهٗ لَهٗ وَلَهٗۤ اَجْرٌ كَرِیْمٌ یمن لوکن فتح مکہ برونٹھ مال خرچ کرنک موقعہ آوئہ تمن تہ چھو اللہ تعالیٰ دینہ چھن کامئین اندر مال خرچ کرنک ترغیب دیوان فرماوان چھو کہ چھاکانہہ شخصاہ یُس اللہ تعالیٰ اس قرض دِیہ اِنھِ طریقے، یعنے خلوصہ سان تس ہورہ اللہ تعالیٰ دوگناوت، بیہ چھہ تھندہ خیطرہ مزوریاہ باعزت، یوصہ حسب مدعاو مطلب آسہ، امہِ قرضُک مطلب چھو کہ جہادہ کہ وقتہ پانئے جہادس نیرن تمہ کین ضروریاتن منز خرچ کرن، تو پتہ پانئے مال غنیمت حاصل کرن، یہ گو دنیاہ س اندر، آخرتس اندر گوتھد مرتبہ حاصل کرن، یَوْمَ تَرَى الْمُؤْمِنِیْنَ وَالْمُؤْمِنٰتِ یَسْعٰى نُوْرُهُمْ بَیْنَ اَیْدِیْهِمْ وَبِاَیْمَانِهِمْ سو دوہ تہ چھو قابل ذکر یمہ دوہہ توہِ وچھیو بایمان مردن تہ بایمان زنانن ہیوند نور تمن برونٹھ برونٹھ بیہ تمن دِچھن کن دوران، یمہ ساتہ محشرۂ میدانہ نشہِ پُل صراطس کن لوک گژھن، تمہ ساتہ آسہ سخت تاریکی تہ انہ گٹہ، تمہ وقتہ آسہ ایمانچ نیک عملہ ہنز روشنی پرتھ اکس سیت، یوت ایمانس تہ عملہ اندر قوت آسیس تیژ آسیس تتھ گاشہ اندر زیادتی ایمانک نور آسیس برونٹھ برونٹھ، عملن ہیوند نور آسیس دچھنہ طرفہ، بعضے رواتین اند چھو آمت کھوفرہ طرفہ تہ آسہ نور، تمن بایمان مردن تہ بایمان زنانن اِیہ ونہ بُشْرٰىكُمُ الْیَوْمَ بشارت بوین توہِ از کہ دوہہ، جَنّٰتٌ تَجْرِیْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ خٰلِدِیْنَ فِیْهَا تمن باغن ہنز یمو منزبجہ کولہ پکان چھہ، یمن منز توہِ ہمیشہ روزن چھو، ذٰلِكَ هُوَ الْفَوْزُ الْعَظِیْمُ یہے گیہ بڈ کامیابی، کیازِہ جنت چھو اللہ تعالیٰ سنزہ خوشنودی تہ رضاءک مقام، یُس ثوت دوت، سو سپُد پنہ نین سارنی مطلبن اند

الْمُنٰفِقُوْنَ وَالْمُنٰفِقٰتُ لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوا انْظُرُوْنَا نَقْتَبِسْ مِنْ
نُّوْرِكُمْ ۚ قِيْلَ ارْجِعُوْا وَرَآءَكُمْ فَالْتَمِسُوْا نُوْرًا ۭ فَضُرِبَ بَيْنَهُمْ
بِسُوْرٍ لَّهٗ بَابٌ ۭ بَاطِنُهٗ فِيْهِ الرَّحْمَةُ وَظَاهِرُهٗ مِنْ قِبَلِهِ الْعَذَابُ ۭ ﴿١٣﴾
يُنَادُوْنَهُمْ اَلَمْ نَكُنْ مَّعَكُمْ ۭ قَالُوْا بَلٰى وَلٰكِنَّكُمْ فَتَنْتُمْ اَنْفُسَكُمْ وَ
تَرَبَّصْتُمْ وَارْتَبْتُمْ وَغَرَّتْكُمُ الْاَمَانِيُّ حَتّٰى جَآءَ اَمْرُ اللّٰهِ وَ

---

کامیاب، یہ گو سوی دوہ يَوْمَ يَقُوْلُ الْمُنٰفِقُوْنَ وَالْمُنٰفِقٰتُ لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوا انْظُرُوْنَا نَقْتَبِسْ مِنْ نُّوْرِكُمْ
یمہ دوہہ مُنافق مرد تہ مُنافق زنانہ ونن مسلمانن پُلِ صراطس پیٹھ، ای مسلمانو اسہ پیار توہنا استہ کرہ ہو
توہند گاش حاصل تو پتہ پکہ ہو توہندی گاشہ سیت، قِيْلَ ارْجِعُوْا وَرَآءَكُمْ فَالْتَمِسُوْا نُوْرًا ونہ اِکھ توہ
پھیریو پانس پتھ کُن، تتیِ کریو تلاش گاشک، تفسیر درمنثور س منز چھو کہ امہ پتھ کُن پھیرنہ اندرہ چھو
مراد سوجای یتِنس سخت انہ گٹہ گژھت پُل صراطس کھسنہ کہ وقتہ نور تقسیم سپدیو، یعنے تتھ نور تقسیم سپد
نہ چہ جایہ گژھیو، تتیِ ژھانڈیو گاش، چنانچہ تم گژھن توت، تتہ تہ یلہ نہ کِنہ گاشاہ حاصل سپدِ یکھ، تو پتہ
ہین بیہ ین مُسلمانن کُن فَضُرِبَ بَيْنَهُمْ بِسُوْرٍ لَّهٗ بَابٌ پس اِیہ کھارنہ تہ قایم کرنہ مسلمانن تہ تمن
منز اکہ دیوارا تہ قلایاہ، تتھ آسہ دروازہ تتھ دروازس آسن زہ حال، بَاطِنُهٗ فِيْهِ الرَّحْمَةُ وَظَاهِرُهٗ مِنْ
قِبَلِهِ الْعَذَابُ تمیُک اندریوم طرف یُس باایمانن کُن آسہِ سو آسہِ رحمت تہ نور، تمیُک نبر یوم
طرف، یُس تمن منافقن کُن آسہِ، سو آسہِ عذاب تہ انہ گٹہ، يُنَادُوْنَهُمْ اَلَمْ نَكُنْ مَّعَكُمْ تم منافق دن
آلو تہ آواز مسلمانن، ای مسلمانو، اس آسا دنیاء س اندر توہِ سیت اعمال واطاعت کران، از تہ گژھہ اَس
پانسی سیت رٹن، قَالُوْا بَلٰى مسلمان دینکھ واقعی آسو توہِ دنیاء س منز اسہ سیت آسان، مگر کیاہ شرف
تتھ سیت آسنس، توہ آسوہ ظاہرہ پاٹھی، اسہِ سیت، توہندہ باطنچ حالت آس کہ وَلٰكِنَّكُمْ فَتَنْتُمْ
اَنْفُسَكُمْ توہ اوسوہ ترددس منز پھسوومُت پنن پان گمراہی اندر، سہ گمراہی گیہ یہے کہ توہندین دلن
اندر اوس عداوت پیغمبر برحقہ سند بیہ باایمانن ہیوند، وَتَرَبَّصْتُمْ وَارْتَبْتُمْ وَغَرَّتْكُمُ الْاَمَانِيُّ توہ آسوہ

غَرَّكُم بِاللَّهِ الْغَرُورُ ﴿١٤﴾ فَالْيَوْمَ لَا يُؤْخَذُ مِنكُمْ فِدْيَةٌ وَلَا مِنَ
الَّذِينَ كَفَرُوا ۚ مَأْوَاكُمُ النَّارُ ۖ هِيَ مَوْلَاكُمْ ۖ وَبِئْسَ الْمَصِيرُ ﴿١٥﴾
أَلَمْ يَأْنِ لِلَّذِينَ آمَنُوا أَن تَخْشَعَ قُلُوبُهُمْ لِذِكْرِ اللَّهِ وَمَا نَزَلَ
مِنَ الْحَقِّ وَلَا يَكُونُوا كَالَّذِينَ أُوتُوا الْكِتَابَ مِن قَبْلُ فَطَالَ

---

پياران ته تمنا كران تمن گرٿه كانهه تكليفاه ته مصيبتاه واٿن، ٻيو اُوس توه اسلامه كس حق آسس منز شك ته تردد، ٻيه آسوه توبے هوده آرزو اُودهو كس منز ٿهاومت، توه اوس خيال كه اسلام گرِٿه جلدي ختم، حَتّٰى جَآءَ اَمْرُ اللّٰهِ اِته پيٿه رودوه توهِ عمرِ ه، يو تاں خدايه سنده حكم ووت توهنده خيطره يعني مرنك حكم، وَغَرَّكُمْ بِاللّٰهِ الْغَرُوْرُ ٻيه ديوت توهِ دهوكه باز شيطانن خدايه سندِ ه حقه دهوكه، يمو كفريا توسبه روديونه توه اته قابل كه پته ته كيا روز هيو توه اسِه سيت، فَالْيَوْمَ لَا يُؤْخَذُ مِنْكُمْ فِدْيَةٌ وَّلَا مِنَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا پس اُيه نه رٹنه از كه دوہه نه توهِ نشهِ تهٕ نه كافرن نِشهِ كُنه قسمه بدله ته عوض، گوڈهِ ڇهنه توه نش عوض پيش كرنه خيطره كُنهي چيز، دويم هر گاه آسهاته توهِ نشه كانهه چيز، سوِ اَيه ہانه قبول كرنه، كيازه يه عالم ڇهو دارالجزاء، يه ڇهنه دارالعمل، تمهِ كتهه گذرئے يه دنياء س اندر، مَاْوٰىكُمُ النَّارُ توه سارنئ منافقن ته كافرن هنده روزنچ جاي ڇهه نار جهنم هِيَ مَوْلٰىكُمْ يهوي نار جهنم ڇهو پته توهند رفيق ته سيت سيت روزهٕ ون، وَبِئْسَ الْمَصِيْرُ كيشراه يچهه جاي ڇهه يه نار جهنم يمه سيت سپد ثابت كه زيوه هندس اقرارس ڇهنه كانهه اِعتبار، يو تاں نه دِله سيت تصديق آسهِ امه پته ڇهه فرماوان كه يته ايمانس سيت ضروري اعمالن هنز كمي آسهِ سوته ڇهو كمزور ته نامكمل لهذا ڇهو الله تعالىٰ فرماوان بطريق عتاب مسلمانن حكم كه تته كمي كريو پوريه اَلَمْ يَاْنِ لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اَنْ تَخْشَعَ قُلُوْبُهُمْ لِذِكْرِ اللّٰهِ كيا باايمانن اندره يم لوك طاعات ضروري يعني فرائض اندر كوتاهي، پهلو تهي ته سستي كران ڇهه تمن دوتناونهِ وقت يمه تهه هيوند كه تهند دل كيا سپده هن نرم خدا ازيكس پننه سيت وَمَا نَزَلَ مِنَ الْحَقِّ ٻيه يُس دين حق خدايه سنده طرفه نازل سپد تمك ساري احكام بجا انه سيت يعني دله سيت كرهن پور عزم طاعات وعبادات

عَلَيۡهِمُ الۡاَمَدُ فَقَسَتۡ قُلُوۡبُهُمۡ‌ؕ وَكَثِيۡرٌ مِّنۡهُمۡ فٰسِقُوۡنَ ﴿۱۶﴾ اِعۡلَمُوۡۤا اَنَّ
اللّٰهَ يُحۡىِ الۡاَرۡضَ بَعۡدَ مَوۡتِهَا‌ؕ قَدۡ بَيَّنَّا لَـكُمُ الۡاٰيٰتِ لَعَلَّكُمۡ تَعۡقِلُوۡنَ ﴿۱۷﴾
اِنَّ الۡمُصَّدِّقِيۡنَ وَالۡمُصَّدِّقٰتِ وَاَقۡرَضُوا اللّٰهَ قَرۡضًا حَسَنًا يُّضٰعَفُ
لَهُمۡ وَلَهُمۡ اَجۡرٌ كَرِيۡمٌ ﴿۱۸﴾ وَالَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا بِاللّٰهِ وَرُسُلِهٖۤ اُولٰٓٮِٕكَ هُمُ

---

ضرور یہ پابندی سان ادا کر نگ، بیہ روزہ ہن نافرمانیو تہ معصیتو نِشہِ پتھ، وَلَا يَكُوۡنُوۡا كَالَّذِيۡنَ اُوۡتُوا الۡكِتٰبَ مِنۡ قَبۡلُ فَطَالَ عَلَيۡهِمُ الۡاَمَدُ فَقَسَتۡ قُلُوۡبُهُمۡ بیہ سپدہ ہن نہ توبس تہ استغفارس منز تاخیر کرنہ سیت تمن لوکن ہی یمن تمن برونٹھ آسمانی کتاب عطا کرنہ آیہ، یعنے یہود و نصاریٰ، یم تمن کتابن خلاف نفسہ چن خواہشن تہ گنہن منز رود، تو پتہ گذریوو تتھ حالس اندر تمن واریاہ وقت کنہ قسمہ تمن احساس پیدہ سپُد نہ توبہ و استغفار کر نگ، تمیوک نتیجہ دراو کہ تہند دل سپد سٹھاہ سخت تہِ درِ، وَكَثِيۡرٌ مِّنۡهُمۡ فٰسِقُوۡنَ تمہ قساوتک نتیجہ دراو کہ تمو اندرہ چھہ ازتہ وارياہ لوک فاسق۔ الغرض مسلمانن پزہ جلد پالیس پیون تہ توبہ کرون تمِ مہ کرن خیال کہ اس چھہ گنہ گار، توبہ سیت کیاہ اصلاح ہیکہ سپدت اَسہِ بلکہ اِعۡلَمُوۡۤا اَنَّ اللّٰهَ يُحۡىِ الۡاَرۡضَ بَعۡدَ مَوۡتِهَا یہ کتھ زانیو وارہ کہ اللہ تعالیٰ سند شان چھو یمہ قسمک کہ سو چھو خشک گیتس زمینس بیہ زندہ کران، سر سبز تہ شاداب کران، اَتھے پاٹھ کرہ سو گنہ گار بندن پنہ نہ رحمتہ سیت مردہ گمت دل بیہ زندہ، کیازہ قَدۡ بَيَّنَّا لَـكُمُ الۡاٰيٰتِ لَعَلَّكُمۡ تَعۡقِلُوۡنَ بہ تحقیق اسہ کرہ بیان اَمچہ مثالہ یوتھ توہہِ فکرہ ترہ امہ پتہ چھہ فرماوان بیہ مال خرچ کر نگ فضیلت خدایہ سنزن وتن اندر، اِنَّ الۡمُصَّدِّقِيۡنَ وَالۡمُصَّدِّقٰتِ بے شک سیٹھاہ صدقہ دیوہ وٕنی مرد بیہ سٹھاہ صدقہ دیوہ ونہ زنانہ، وَاَقۡرَضُوا اللّٰهَ قَرۡضًا حَسَنًا بیہ یم قرض دیوہ وٕنی چھہ اللہ تعالیٰ اس بکمال خلوص رُت قرضاہ يُّضٰعَفُ لَهُمۡ وَلَهُمۡ اَجۡرٌ كَرِيۡمٌ بیہ یہ تمن دوگناوت عطا کرنہ، بیہ پتھہ تہندہ خیطرہ باعزت مزدور، یعنے یم لوک اللہ تعالیٰ سنزہ وتہ اندر مال خرچ کرن آنیت خالص، محض تہندی رضا مندی تہ خوشنودی خیطرہ پروردگارس ورای آسن نہ بیہ کانسہ نِشہِ تمیوک عوض تہ بدلہ یا شکریہ ژھانڈھان، تمِ زن اللہ تعالیٰ

الصِّدِّيقُونَ ۖ وَالشُّهَدَاءُ عِنْدَ رَبِّهِمْ ۖ لَهُمْ أَجْرُهُمْ وَنُورُهُمْ ۖ وَ
الَّذِينَ كَفَرُوا وَكَذَّبُوا بِآيَاتِنَا أُولَٰئِكَ أَصْحَابُ الْجَحِيمِ ﴿١٩﴾ اعْلَمُوا أَنَّمَا
الْحَيَاةُ الدُّنْيَا لَعِبٌ وَلَهْوٌ وَزِينَةٌ وَتَفَاخُرٌ بَيْنَكُمْ وَتَكَاثُرٌ فِي
الْأَمْوَالِ وَالْأَوْلَادِ ۖ كَمَثَلِ غَيْثٍ أَعْجَبَ الْكُفَّارَ نَبَاتُهُ ثُمَّ يَهِيجُ
فَتَرَاهُ مُصْفَرًّا ثُمَّ يَكُونُ حُطَامًا ۖ وَفِي الْآخِرَةِ عَذَابٌ شَدِيدٌ وَمَغْفِرَةٌ

---

اس قرض چھ دیوان، تم تہاوِن اطمینان کہ تہوند دیو تمت مال ضایع گژھنہ بلکہ کرہ تمن اللہ تعالیٰ عطا تمہ خوتہ واریاہ گن، امہ پتہ چھو بیہ ایمانک فضیلت بیان یوان کرنہ۔ وَالَّذِينَ آمَنُوا بِاللَّهِ وَرُسُلِهِ أُولَٰئِكَ هُمُ الصِّدِّيقُونَ وَالشُّهَدَاءُ عِنْدَ رَبِّهِمْ بیہ یم لوک اللہ تعالیٰ اس بیہ تہند ین پیغمبرن پورہ پاٹھہ پژھ چھ کران تہند احکام چھ عملاً بجاانان، بے شک تمے لوک چھ بڑ پاٹھ باایمان، بیہ چھ تمے لوکن ہیو ندحال پتہ نس پروردگارس نشہ بادہ وئن تہ گواہی دیوہ وئن، لَهُمْ أَجْرُهُمْ وَنُورُهُمْ تہندی خاطرہ چھِ جنتس اندر تہنزہ خاص مزورِ تہ ثواب، بیہ چھو تہندی خیطرہ پُل صراطس پیٹھ خاص نور تہ گاش، وَالَّذِينَ كَفَرُوا وَكَذَّبُوا بِآيَاتِنَا أُولَٰئِكَ أَصْحَابُ الْجَحِيمِ یمو لوکو کُفر تہ اِنکار کُر، بیہ زانک اَیزِ سان آیات، تمے لوک چھ جہنمی، اعْلَمُوا أَنَّمَا الْحَيَاةُ الدُّنْيَا لَعِبٌ وَلَهْوٌ وَزِينَةٌ وَتَفَاخُرٌ بَيْنَكُمْ وَتَكَاثُرٌ فِي الْأَمْوَالِ وَالْأَوْلَادِ ای لوکو توہ زانیو یہ کتھہ وارہ کہ آخرتس مُقابلہ چھنہ دنیاء چ زندگی ہرگز تیو تھ چیز اہ، یتھ سیت مشغول رُوزن مقصود آسن گوژھہ، کیازہ تیچ حقیقت چھ کہ لوکہ چارس منز چھو گندنس سیت وقت ضائع گژھان، جوانی منز چھہ زینت و آرائش تہ بین ہم عمرن پیٹھ تھیکنس کُن فکرِ آسان، بوجرس منز چھہ مال و دولت تہ ٹر گبر گنز راونس تہ سُنبر اونس کُن فکر آسان، یم ساری چیز چھ فانی گژھہ وئن مقاصد، بیہ محض خواباہ تہ خیالاہ تیچ مثال چھ كَمَثَلِ غَيْثٍ أَعْجَبَ الْكُفَّارَ نَبَاتُهُ ثُمَّ يَهِيجُ فَتَرَاهُ مُصْفَرًّا ثُمَّ يَكُونُ حُطَامًا تمہ رُود چ ئیس پیوان چھو، تمہ سیت زراعتک کھسن، چھو زمیندارن سیٹھاہ پسند یوان تہ خوش کران، تو پتہ چھو زراعت خشک سپدان ئیس چھوہن سوو چھان ژہ، لیدرہ رنگہ، تو پتہ چھو تمیوک گاسہ ہو کھان،

مِّنَ اللّٰهِ وَرِضْوَانٌ ۭ وَمَا الْحَيٰوةُ الدُّنْيَآ اِلَّا مَتَاعُ الْغُرُوْرِ ⑳
سَابِقُوْٓا اِلٰى مَغْفِرَةٍ مِّنْ رَّبِّكُمْ وَجَنَّةٍ عَرْضُهَا كَعَرْضِ السَّمَاۗءِ وَ
الْاَرْضِ ۙ اُعِدَّتْ لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بِاللّٰهِ وَرُسُلِهٖ ۭ ذٰلِكَ فَضْلُ اللّٰهِ
يُؤْتِيْهِ مَنْ يَّشَاۗءُ ۭ وَاللّٰهُ ذُو الْفَضْلِ الْعَظِيْمِ ㉑ مَآ اَصَابَ مِنْ مُّصِيْبَةٍ
فِي الْاَرْضِ وَلَا فِيْٓ اَنْفُسِكُمْ اِلَّا فِيْ كِتٰبٍ مِّنْ قَبْلِ اَنْ نَّبْرَاَهَا ۭ اِنَّ

---

تہ چھو چورہ گرٹھان، اُتھے پاٹھ چھو دنیاک بہار کنیژن دوہن آسان تو پتہ چھو تتھ زوال تہ اضمحلال سپدان، یہ گو دنیاء وَفِي الْاٰخِرَةِ عَذَابٌ شَدِيْدٌ ۙ وَّمَغْفِرَةٌ مِّنَ اللّٰهِ وَرِضْوَانٌ آخرتس اندر چھو کافرن ہندہ خیطرٕ عذاب شدید اہل ایمانن ہندہ خیطرٕ مغفرت تہ رضامندی یم دوشوے چھہ باقی، پس چھہ آخرت تہ باقی، وَمَا الْحَيٰوةُ الدُّنْيَآ اِلَّا مَتَاعُ الْغُرُوْرِ دنیوی زندگانی چھنہ مگر دھوکھک اکھ ساماناہ، وئن یلہ متاع دنیا چھو فانی آخرچ دولت چھہ باقی یوسہ ایمانکہ برکتہ حاصل ہیکہ سپدت، لہٰذا یژہ تو کہ سَابِقُوْٓا اِلٰى مَغْفِرَةٍ مِّنْ رَّبِّكُمْ وَجَنَّةٍ عَرْضُهَا كَعَرْضِ السَّمَاۗءِ وَالْاَرْضِ دور تکیو تو، یعنے جلدی کریو پنہ نس پروردگارہ سند مغفرت حاصل کرنہ خیطرٕ، بیہ دوریو سو جنت حاصل کرنہ خیطرٕ، ییمیک پناہ چھو تیوت، یوت آسمان و زمین اکھ اکس سیت ملناوت ہنہ یہ گو پنہی زبچھر تموک زانہ پانہ اللہ تعالیٰ، اُعِدَّتْ لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بِاللّٰهِ وَرُسُلِهٖ یہوی جنت چھو تیار کرنہ آمت تمن لوکن ہندہ خیطرٕ یمن پور پژھ چھہ خدایہ سنز بیہ تہندین پیغمبرن ہنز، ذٰلِكَ فَضْلُ اللّٰهِ يُؤْتِيْهِ مَنْ يَّشَاۗءُ یہ مغفرت تہ رضای خداچھو خدایہ سند فضل سو چھو یہ فضل عطا کران تس یس یژھان چھو، وَاللّٰهُ ذُو الْفَضْلِ الْعَظِيْمِ اللہ تعالیٰ چھو بوڈ فضلہ وول مَآ اَصَابَ مِنْ مُّصِيْبَةٍ فِي الْاَرْضِ وَلَا فِيْٓ اَنْفُسِكُمْ اِلَّا فِيْ كِتٰبٍ مِّنْ قَبْلِ اَنْ نَّبْرَاَهَا کانہہ مصیبتاہ چھنہ دنیاء س تہ ملکس اندر، یا توہندین زُون اندر واقع سپدان، یعنے خارجی تہ داخلی مصیبت، مگر سو مصیبت چھو لیکھت اکس کتابہ اندر یعنے لوح محفوظس اندر تم توہند زو پیدہ کرنہ برونٹھ، اِنَّ ذٰلِكَ عَلَى اللّٰهِ يَسِيْرٌ یہ تھ، یعنے پیدہ کرنہ برونٹھ لیکھت تھاون چھو اللہ تعالیٰ اس نشہِ سہل تہ آسان کیازہ

ذٰلِكَ عَلَى اللّٰهِ يَسِيْرٌ ﴿۲۲﴾ لِّكَيْلَا تَاْسَوْا عَلٰى مَا فَاتَكُمْ وَلَا تَفْرَحُوْا بِمَآ
اٰتٰىكُمْ ؕ وَاللّٰهُ لَا يُحِبُّ كُلَّ مُخْتَالٍ فَخُوْرِ ﴿۲۳﴾ الَّذِيْنَ يَبْخَلُوْنَ وَيَاْمُرُوْنَ
النَّاسَ بِالْبُخْلِ ؕ وَمَنْ يَّتَوَلَّ فَاِنَّ اللّٰهَ هُوَ الْغَنِيُّ الْحَمِيْدُ ﴿۲۴﴾
لَقَدْ اَرْسَلْنَا رُسُلَنَا بِالْبَيِّنٰتِ وَاَنْزَلْنَا مَعَهُمُ الْكِتٰبَ
وَالْمِيْزَانَ لِيَقُوْمَ النَّاسُ بِالْقِسْطِ ۚ وَاَنْزَلْنَا الْحَدِيْدَ فِيْهِ

تس چھو سوروی علم غیب حاصل یہ کتھ وِین اسہِ توہِ یمہ مُوکھ، لِّكَيْلَا تَاْسَوْا عَلٰى مَا فَاتَكُمْ وَلَا تَفْرَحُوْا بِمَآ اٰتٰىكُمْ یو تھنہ توہ زیادہ رنج تہ غم کھیو تتھ چیزس، یُس توہ نشہِ ازدست گو، صحت ہیو، مال واولاد ہی، تااینکہ سو رنج و غم کھیون سپدہ توہ مانع آخرتچن کامَن اندر مشغول روزنہ نشہِ، بیہ خدایہ سندر رضا ژھانڈنہ نشہِ، ہرگاہ رنج طبعی سپدہ تتھ پھنہ کانہہ حرج، بیہ یو تھنہ توہ تمہ چیزہ سیت، یُس تمی عطا کروہ ژینگیو خوش گژھیو تہ مغرور سپدیو، بلکہ گژھہ زانُن کہ یہ گُر عطا اللہ تعالیٰ ان محض پننہِ فضلہ سیت، وَاللّٰهُ لَا يُحِبُّ كُلَّ مُخْتَالٍ فَخُوْرِ اللہ تعالیٰ چھنہ پسند کران کانسہِ ژینگہ ونس نہ تھیکہ ونس شخصس، الَّذِيْنَ يَبْخَلُوْنَ وَيَاْمُرُوْنَ النَّاسَ بِالْبُخْلِ یم تمہ قسمک لوک چھ کہ مالِ دنیاء کہ محبتہ سببہ چھ پانہ تہِ بخل کران پروردگارہ سنزن وتن اندر خرچ کرنہ نشہِ بیہ چھ بیَن لوکن تہ بخل کرنچ تعلیم کران، یہوی محبتِ دنیا چھو تمن باعث سپدان پزہ دینہ نشہِ اعراض کرنُک وَمَنْ يَّتَوَلَّ فَاِنَّ اللّٰهَ هُوَ الْغَنِيُّ الْحَمِيْدُ یس اکھاہ دینِ حقہ نشہِ اعراض کرہ، کرتن، اللہ تعالیٰ اس چھنہ تمیوک کانہہ ضرر، کیازہ سو چھو بے نیاز، پننہ نس ذاتس تہ صفاتن اندر کامل، بیہ سزاوار حمد و ثنا، سو چھنہ مُحتاج لوکن ہندس بدنی عبادتس یا مالی عبادتس کُن، لَقَدْ اَرْسَلْنَا رُسُلَنَا بِالْبَيِّنٰتِ بے شک اسہ سوز پننہِ پیغمبر لوکن ہندہ اصلاحہ خیطرہ، نن تہ واضح احکام ہیئت وَاَنْزَلْنَا مَعَهُمُ الْكِتٰبَ وَالْمِيْزَانَ بیہ دژاسہِ تمن سیت پننہِ کتاب، بیہ کراسہ نازل ترکریعنے عدل اِنصافُک اَحکام واسباب، تمن ہیوند تعلق چھو حقوق العبادن سیت لِيَقُوْمَ النَّاسُ بِالْقِسْطِ یو تھ لوک خدایہ سندین حقن تہ بندن ہندین حقن اندر اعتدالس پیٹھ قایم روزن، وَاَنْزَلْنَا الْحَدِيْدَ فِيْهِ بَاْسٌ شَدِيْدٌ بیہ وول اسہ شستر تتھ منز چھو کافی قوت تہ طاقت وَّمَنَافِعُ لِلنَّاسِ بیہِ

بَأْسٌ شَدِيدٌ وَّمَنَافِعُ لِلنَّاسِ وَلِيَعْلَمَ اللّٰهُ مَنْ يَّنْصُرُهٗ وَ
رُسُلَهٗ بِالْغَيْبِ ۭ اِنَّ اللّٰهَ قَوِيٌّ عَزِيْزٌ ﴿٢٥﴾ وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا نُوْحًا وَّ
اِبْرٰهِيْمَ وَجَعَلْنَا فِيْ ذُرِّيَّتِهِمَا النُّبُوَّةَ وَالْكِتٰبَ فَمِنْهُمْ مُّهْتَدٍ ۚ
وَكَثِيْرٌ مِّنْهُمْ فٰسِقُوْنَ ﴿٢٦﴾ ثُمَّ قَفَّيْنَا عَلٰٓى اٰثَارِهِمْ بِرُسُلِنَا وَقَفَّيْنَا
بِعِيْسَى ابْنِ مَرْيَمَ وَاٰتَيْنٰهُ الْاِنْجِيْلَ ۥ وَجَعَلْنَا فِيْ قُلُوْبِ الَّذِيْنَ

---

ڇھ تنھ اندر لوڪن ھندہ خيطرہ واریاہ فائدہ تہ نفع، الحاصل یم لوک آسمانی کتابو سیت سیزہ وتہ پیٹھ ین نہ، بیہ یم نہ میزانِ عدل دنیاءس منز قائم تھاون تھندہ خیطرہ چھہ ضرورت تمن گوشمالی کرنہ خیطرہ بیہ ظالمن تہ ہول پکہ ونین راہ راستس پیٹھ انہ خیطرہ، خداورسولہ سندین احکامن ہیوندو قار قایم تھاونہ خیطرہ شمشیر کوم ہیچ سہ تہ چھہ تمہ ساتھ اکھ دینی کوماہ، جہاداہ سہ کوم اَیہ ہینہ اتھ شسترس، وَلِيَعْلَمَ اللّٰهُ مَنْ يَّنْصُرُهٗ وَ رُسُلَهٗ بِالْغَيْبِ تاکہ اللہ تعالیٰ زانہ کہ کُس اَکھاہ چھواللہ تعالیٰ اس تہ تھندین پیغمبرن یعنے تھندس دینس وچھنہ ورای مدد کران تھندہ دینہ کہ تھزرہ تہ بلندی خیطرہ جہاد کران، اگرچہ سو چھنہ محتاج لوکن ھندس مددس کُن، اِنَّ اللّٰهَ قَوِيٌّ عَزِيْزٌ کیازہ سو چھوپانہ سٹھاہ طاقتہ وول تہ غلبہ وول مگر سو چھو یژھان لوک گژھہ اشاعت دین کرنہ سیت ثواب حاصل کرن۔ وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا نُوْحًا وَّ اِبْرٰهِيْمَ بے شک بیہ سُوز اسہ امی اشاعت دینِ حق کرنہ خیطرہ نوح علیہ السلام بیہ ابراھیم علیہ السلام پیغمبر بناوت وَجَعَلْنَا فِيْ ذُرِّيَّتِهِمَا النُّبُوَّةَ وَالْكِتٰبَ بیہ تھوواسہ جاری تمن دون ھندین اولادن اندر پیغمبری تہ کتاب یعنے تھندیو اولادو اندرہ کرِ اسہ بعضے پیغمبر بعضے مرسل تمن کر کتاب تہ عطا، فَمِنْهُمْ مُّهْتَدٍ تمو لوکو اندرہ آس بعضے یمن ہدایت بنیوو، وَكَثِيْرٌ مِّنْهُمْ فٰسِقُوْنَ واریاہ آس تمو اندرہ نافرمان ثُمَّ قَفَّيْنَا عَلٰٓى اٰثَارِهِمْ بِرُسُلِنَا تمہ پتہ سوزِ اسہ تمن پتہ پنُنِ پیغمبر اکھ اکس پتہ، یم مُستقل صاحب شریعت آس نہ بلکہ آس تابع بیں صاحب شریعت پیغمبرس، وَقَفَّيْنَا بِعِيْسَى ابْنِ مَرْيَمَ وَاٰتَيْنٰهُ الْاِنْجِيْلَ تو پتہ سُوزاسہِ تمن پتہ اکھ صاحب شریعت پیغمبر عیسیٰ فرزند بی بی مریمہ سُند علیہما السلام، تمن کر عطا اسہِ کتاب یتھ انجیل ناو چھو، تھندس اُتس سپزہ زہ جماژ، اکھ جماعت تمن پیروی

اتَّبَعُوْهُ رَاْفَةً وَّرَحْمَةً ؕ وَرَهْبَانِيَّةَ ِۨابْتَدَعُوْهَا مَا كَتَبْنٰهَا عَلَيْهِمْ اِلَّا ابْتِغَآءَ رِضْوَانِ اللّٰهِ فَمَا رَعَوْهَا حَقَّ رِعَايَتِهَا ۚ فَاٰتَيْنَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مِنْهُمْ اَجْرَهُمْ ۚ وَكَثِيْرٌ مِّنْهُمْ فٰسِقُوْنَ ﴿٢٧﴾

تہ متابعت کرہ وئین ھنز بیا کھ جماعت یمو تمن اِنکار کئر، وَجَعَلْنَا فِيْ قُلُوْبِ الَّذِيْنَ اتَّبَعُوْهُ رَاْفَةً وَّرَحْمَةً یمو لوکو تھوند اتباع تہ پیروی کئر یعنے گوڈنچ جماعت، اسہِ ترأو تھندین دِلن اندر شفقت تہ مہربانی تم چھہ خدایہ سندین مخلوقن نسبت محبت و شفقتک برتاوٕ کران، اِتھ پاٹھ اللہ تعالیٰ ان صحابہ ﷺ ہندہ حقہ فرمووُر رُحَمَآءُ بَیْنَھُمْ چونکہ امِت عیسویس پیٹھ اوسنہ جہاد فرض تمہ مؤکھ فرمووکھ تھوند صفت اشداء علی الکفار کنہ تہ، سو آو صحابہ ﷺ ہیوند صفت بیان کرنہ اللہ تعالیٰ چھو فرماوان کہ سانہ طرفہ اوس اُمت عیسویس پیٹھ صرف اِتباع احکام کرنکوی یوت حُکم وَرَهْبَانِيَّةَ ِۨابْتَدَعُوْهَا مَا كَتَبْنٰهَا عَلَيْهِمْ لیکن تمو اندرہ بعضے شخصونوراوٕ پانٔے رہبانیت، یعنے گوشہ نشینی، لوکن سیت نہ ملہ ژار تھاون، ترک نکاح کرن ترک لذات کرن، یہ ایجاد کرنک وجہ سپز تمن یہ ستھ کہ عیسیٰ علیہ السلامہ سندہ رفعہ پتہ تراو بعضے لوکو احکامو مُوجب عمل کرٕن، تمن اندر آس بعضے لوک اہل حق تہ، تم رودِ بدستور اظہار حق کران، یہ ستھ سپنہ ناگوار ہواء پرستن، تمو کُر تمہ وقتہ کس حکومتس درخواست کہ یم لوک گژھن مجبور کرنہ ین اسہ سیت موافقت کرنس پیٹھ، تم یلہ اتھ پیٹھ مجبور کرنہ آی تمو تہ دیوت درخواست کہ اسہِ دیو اجازت کہ اس تھاو نہ یمن لوکن سیت کانہہ تعلق، نہ آسو اس تمن احکامن پیٹھ عمل نہ کرنس پیٹھ کانہہ اعتراض کران، اس روز ولوکن نشہِ الگ، اس کرو گوشیہ نشینی تہ سیرو سیاحتس اندر پننہِ عمرہ صرف، چنانچہ تمن آو تمکوی اجازت دنہ، غرض تمو کُر تہِ پانٔے ایجاد اکھ چیز اہ، اسہِ کُرنہ تمن پیٹھ یہ ستھ واجب کِینہ تہِ اِلَّا ابْتِغَآءَ رِضْوَانِ اللّٰهِ مگر تمو کر یو وہ یہ اختیار اللہ تعالیٰ سند رضا حاصل کرنہ خیطرہ، کہ امی سیت روزہ سون دین محفوظ، مگر یمو راہبو اندر آس تم لوک زیادہ، فَمَا رَعَوْهَا حَقَّ رِعَايَتِهَا تمو کُر نہ اتھ رہبانیتس پورہ راچھہ، یمہ غرضہ خیطرہ تمو یہ اختیار کرے یہ سوگیو خدایہ سند رضا ژھانڈن، تموک گُرنہ تمو پورہ اہتمام کِنہ تہ، تمن راہبن سپز ہ زہ جماژ، اڈگئے تم یمو رعایت تہِ راچھہ کر، اڈگئے تم یمو نہ کانہہ رعایت گر، تمو منز ہ یمو پیغمبر آخر الزمانہ سُند وقت لب تھندہ حقہ اوس حق رعایتک شرط،

يَٰٓأَيُّهَا ٱلَّذِينَ ءَامَنُوا۟ ٱتَّقُوا۟ ٱللَّهَ وَءَامِنُوا۟ بِرَسُولِهِۦ يُؤْتِكُمْ كِفْلَيْنِ مِن رَّحْمَتِهِۦ وَيَجْعَل لَّكُمْ نُورًا تَمْشُونَ بِهِۦ وَيَغْفِرْ لَكُمْ ۚ وَٱللَّهُ غَفُورٌ رَّحِيمٌ ﴿۲۸﴾ لِّئَلَّا يَعْلَمَ أَهْلُ ٱلْكِتَٰبِ أَلَّا يَقْدِرُونَ عَلَىٰ شَىْءٍ مِّن فَضْلِ ٱللَّهِ ۙ وَأَنَّ ٱلْفَضْلَ بِيَدِ ٱللَّهِ يُؤْتِيهِ مَن يَشَآءُ ۚ وَٱللَّهُ ذُو ٱلْفَضْلِ ٱلْعَظِيمِ ﴿۲۹﴾

---

حضور صلی اللہ علیہ وسلم ان ایمان انن تہ پڑھ کرین وون یمو تمن پڑھ کٔر، تم گیۓ رعایت کرہ وَنِ، یمونہ تمن پڑھ کٔر تم گیۓ نہ رعایت تہ راچھہ کرہ وٕنہ تتھ رہبانتیس، تی چھو فرماوان اللہ تعالیٰ فَـَٔاتَيْنَا ٱلَّذِينَ ءَامَنُوا۟ مِنْهُمْ أَجْرَهُمْ ۖ وَكَثِيرٌ مِّنْهُمْ فَٰسِقُونَ پس کراسہ عطا تمو اندرہ، تمن یمو ایمان اُن تہ پڑھ کٔر حضور صلی اللہ علیہ وسلمس تہند حصہ مزور تہ اجر یمٕوک اسہ تمن وعدہ کرمت اوس مگر تم آسِ کمیٖ، زیادہ آسِ تمو اندرہ فاسق تہ نافرمان، یمونہ حضور صلی اللہ علیہ وسلمس ایمان اُن تہ پڑھ کٔر يَٰٓأَيُّهَا ٱلَّذِينَ ءَامَنُوا۟ ٱتَّقُوا۟ ٱللَّهَ ای تمو لوکو یمو ایمان اُن عیسیٰ علیہ السلامس پیٹھ خدایس کھوژیو، تہِ کریو یہ تس کھوژنس سزاوار چھو، یعنے وَءَامِنُوا۟ بِرَسُولِهِۦ ایمان انیو تہندس پیغمبرس حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلمس يُؤْتِكُمْ كِفْلَيْنِ مِن رَّحْمَتِهِۦ اللہ تعالیٰ کرہ توہ پنہ نہ رحمتہ سیت زہ حصہ ثوابک عطا، وَيَجْعَل لَّكُمْ نُورًا تَمْشُونَ بِهِۦ بیہ کرہ توہ تیوتھ نور عطا، یُس توہِ سیت سیت روزہ۔ یتہِ پیٹھہ پل صراطس تان، وَيَغْفِرْ لَكُمْ بیہ کرہ اللہ تعالیٰ توہ سارنیٔ گُنہن بخشالیش، وَٱللَّهُ غَفُورٌ رَّحِيمٌ اللہ تعالیٰ چھو مغفرت کرہ وُن رحم کرہ ون، لِّئَلَّا يَعْلَمَ أَهْلُ ٱلْكِتَٰبِ أَلَّا يَقْدِرُونَ عَلَىٰ شَىْءٍ مِّن فَضْلِ ٱللَّهِ یمہ زہ مہربانیہ کرہ اللہ تعالیٰ یمہ مُوکھ عطا، یوتھ تم اہل کتاب یمونہ پڑھ کٔر حضرت پیغمبر آخرالزماں صلی اللہ علیہ وسلمس یہ کتھ وارہ زانن کہ تمن چھنہ خدایہ سندہ فضل منزہ کُنہِ چیزس پیٹھ کانہہ اختیاراہ، وَأَنَّ ٱلْفَضْلَ بِيَدِ ٱللَّهِ يُؤْتِيهِ مَن يَشَآءُ بیہِ سپدہ تمن یہ کتھ معلوم کہ سوروی فضل چھہ خدایہ سیٖ اتھ، سُو چھو سو فضل عطا کران یُس یژھان چھو تہ تس، چنانچہ تم یوژھ سُو فضل مسلمانن عطا کرن، یُس کٔرن تمنی عطا وَٱللَّهُ ذُو ٱلْفَضْلِ ٱلْعَظِيمِ اللہ تعالے چھو بوڈ فضلہ وول

# سُوۡرَةُ المجَادلة

بِسۡمِ اللّٰهِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِيۡمِ○

قَدۡ سَمِعَ اللّٰهُ قَوۡلَ الَّتِىۡ تُجَادِلُكَ فِىۡ زَوۡجِهَا وَ

تَشۡتَكِىۡۤ اِلَى اللّٰهِ ‌ۖ وَاللّٰهُ يَسۡمَعُ تَحَاوُرَكُمَا ‌ؕ اِنَّ اللّٰهَ سَمِيۡعٌ ۢ بَصِيۡرٌ ①

اَلَّذِيۡنَ يُظٰهِرُوۡنَ مِنۡكُمۡ مِّنۡ نِّسَآٮِٕهِمۡ مَّا هُنَّ اُمَّهٰتِهِمۡ‌ ؕ اِنۡ اُمَّهٰتُهُمۡ

---

يمن آيات كريمن جيوند شان نزول ڇهو كه اكهه شخصاه صحابه صيبو اندره، يمس ناواوس اوس بن صامت، تمو دپ زنانهٕ پنه نهٕ ژكهِ اندر كه ژه ڇهك ماجه هيۆز تهر هش مه پيٹھه حرام نبي كريم صلى الله عليه وسلم سنده مبعوث سپدهنه برونٹھ، زمانه جاهليتس اندر اوس يه لفظ ونه سيت زنانه هميشه خيطره حرام سپدان بلكه اوس يه لفظ طلاقه خوته زياده سخت تصور يوان كرنه تحقيق حكم كرنه خيطره آيه يه ديد صاب نبي كريم صلى الله عليه وسلمن هندس خدمتس اندر، تمو فرمووس مه ڇهو يوان لبنه كنه ژه سپز كهٕ پنه نس خاندارس پيٹھه حرام، يه بوزت تل تمه شور ستهالج كرنه واويلا دپنه لج ميون ته ميانين بچن جيوند

گذاره كتهه سپده، ميان خاندارن جيوتنه طلاقك لفظ زيوه پٹھى يه كتهه پاٹھه بنيو وطلاق، اللهم انى اشكو اليك، خدايا بو ڇهس ژى نش پنون مشكل پيش كران اتهه مشكلس كرم ژى حل، اتى سپد يم آيات كريمه نازل، قَدۡ سَمِعَ اللّٰهُ قَوۡلَ الَّتِىۡ تُجَادِلُكَ فِىۡ زَوۡجِهَا وَتَشۡتَكِىۡۤ اِلَى اللّٰهِ بے شک الله تعالے ان بوزه تس زنانه هنزه كتهه، يوصه توه سيت يارسول گفتگو كران آس خانداره سندس معاملس اندر، دپان آس تم جيوتنه طلاقك لفظى زيوه پيٹھه، بوكتهه پاٹھه سپز س تس پيٹھه حرام، پنه نه امه رنج وغم شكايت آس كران خداليس نشهِ وَاللّٰهُ يَسۡمَعُ تَحَاوُرَكُمَا الله تعالے اوس بوزان توهند گفتگو اِنَّ اللّٰهَ سَمِيۡعٌ ۢ بَصِيۡرٌ بيشک الله تعالیٰ ڇهو سوري بوزه ون سوروى وڇهه ون، سوى ڇهو فريادس واته ون، امه پته ڇهوالله تعالیٰ فرماوان ظهارک حکم اَلَّذِيۡنَ يُظٰهِرُوۡنَ مِنۡكُمۡ مِّنۡ نِّسَآٮِٕهِمۡ مَّا هُنَّ اُمَّهٰتِهِمۡ‌ اى مسلمانو توه اندره يم

إِلَّا الّٰٓـِٔيْ وَلَدْنَهُمْ ۚ وَإِنَّهُمْ لَيَقُوْلُوْنَ مُنْكَرًا مِّنَ الْقَوْلِ وَزُوْرًا ۚ وَ
إِنَّ اللّٰهَ لَعَفُوٌّ غَفُوْرٌ ﴿۲﴾ وَالَّذِيْنَ يُظٰهِرُوْنَ مِنْ نِّسَآئِهِمْ ثُمَّ
يَعُوْدُوْنَ لِمَا قَالُوْا فَتَحْرِيْرُ رَقَبَةٍ مِّنْ قَبْلِ أَنْ يَّتَمَآسَّا ۚ ذٰلِكُمْ
تُوْعَظُوْنَ بِهٖ ۚ وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ ﴿۳﴾ فَمَنْ لَّمْ يَجِدْ فَصِيَامُ
شَهْرَيْنِ مُتَتَابِعَيْنِ مِنْ قَبْلِ أَنْ يَّتَمَآسَّا ۚ فَمَنْ لَّمْ يَسْتَطِعْ فَإِطْعَامُ

---

ظہار کران آسن یعنے پنہ نین زنانن آسن ونان انت علی کظہر امی یعنی ژٕ چھک مہ پیٹھ حرام ماجہ ہیوند پشت تہٕ تھر ہش، تمہ منکوحہ زنانہ چھنہ فی الحقیقت تہنزٕ ماجہٕ، إِنْ أُمَّهٰتُهُمْ إِلَّا الّٰٓـِٔيْ وَلَدْنَهُمْ تہنزٕ ماجہ چھنہ مگر تمے زنانہ یمن تم زامت چھہ وَإِنَّهُمْ لَيَقُوْلُوْنَ مُنْكَرًا مِّنَ الْقَوْلِ وَزُوْرًا بے شک تم لوک یم زنانن چھہ ونان موج یا ماجن سیت چھک تشبیہ دیوان، تم چھہ بے ہودہ تہٕ اپزٕ کتھ ونان لہذا چھہ تم گنٕہک مُرتکب سپدان ہر گاہ اتھ گنہس تدارک کرنہ یِیہ، اتھ سپدہ معافی تہٕ، وَإِنَّ اللّٰهَ لَعَفُوٌّ غَفُوْرٌ کیازٕ اللہ تعالیٰ چھو سیٹھاہ عفو کرہ وُن سٹھاہ مغفرت کرہ وُن وَالَّذِيْنَ يُظٰهِرُوْنَ مِنْ نِّسَآئِهِمْ ثُمَّ يَعُوْدُوْنَ لِمَا قَالُوْا فَتَحْرِيْرُ رَقَبَةٍ مِّنْ قَبْلِ أَنْ يَّتَمَآسَّا بیہ یم لوک پنہ نین زنانن ظہار کرن تو پتہ یژھن تم سوی کوم کرن یتھ متعلق تمو نیو واس کرونہ یعنے تعلقات زوجیت تلہ چھوٹہ مردس اکھ غلام یا کنیزہ آزاد کرٕنی، اورٕ یور دون باژن ہنز اکھ اکس تھپ کرنہ بروٹھہ، یعنے ہم بستری کرنہ بروٹھہ، ذٰلِكُمْ تُوْعَظُوْنَ بِهٖ یمہ کفارہ کہ حکمہ سیت چھہ تۄہِ نصیحت یوان کرنہ، یعنے امیوک فائدہ چھو کہ یۄتھ تۄہٕ آئندٕ اِژھ بے ہودہ تہٕ لغو کتھ کریونہ، وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ اللہ تعالےٰ اس چھہ تۄہنزن سارنۍ کامین ہنز پور خبر، سو چھو زانان کہ تعمیل احکام کوہ چھو کران کوہ چھنہ کرن، اتھ کفارہ دنس اندر چھہ زہ حکمژٕ، اکھ گنٕہن ہنز بخشایش، بیہ آئندہ خیطرہ جذبہ احتیاط پیداہ کرُن فَمَنْ لَّمْ يَجِدْ فَصِيَامُ شَهْرَيْنِ مُتَتَابِعَيْنِ مِنْ قَبْلِ أَنْ يَّتَمَآسَّا وَنَ یَسنہ بنہ غلام یا کنیز، آزاد کرنہ خیطرہ تس چھوٹہ اژٕ کفارہ دنہ خیطرہ دون رتین پتوس پتھہ روزہ دار روزن، اکھ اکس تھپ کرنہ یعنے ہم بستری کرنہ

سِتِّيْنَ مِسْكِيْنًا ذٰلِكَ لِتُؤْمِنُوْا بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ وَتِلْكَ حُدُوْدُ اللّٰهِ
وَلِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ۝۴ اِنَّ الَّذِيْنَ يُحَآدُّوْنَ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ
كُبِتُوْا كَمَا كُبِتَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ وَقَدْ اَنْزَلْنَآ اٰيٰتٍۭ بَيِّنٰتٍ وَ
لِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ ۝۵ يَوْمَ يَبْعَثُهُمُ اللّٰهُ جَمِيْعًا فَيُنَبِّئُهُمْ
بِمَا عَمِلُوْا اَحْصٰىهُ اللّٰهُ وَنَسُوْهُ وَاللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ شَهِيْدٌ ۝۶

---

برونٹھ، فَمَنْ لَّمْ يَسْتَطِعْ فَاِطْعَامُ سِتِّيْنَ مِسْكِيْنًا پس یُس شخص نہ پتوس پتھ روزہ داریکھ روزت، تھند ہ خیطرہ چھ کفارتِ ظہار شیٹھن مسکینن کھین دیون، ذٰلِكَ لِتُؤْمِنُوْا بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ یہ حکم آو بیان کرنہ یوتھ۔ توہ عملن متعلق مصلحو حاصل کرنہ کہ علاوہ، خدایس تہ تھندس پیغمبرس پور پزٕھ کریو، وَتِلْكَ حُدُوْدُ اللّٰهِ یم احکام چھ خدایہ سند حد مقرر کرنہ آمت، تھند قانون تہ ضابطہ لیکھنہ آمت، یمو حد ونشہِ گژھنہ نیبر نیرون حدہ ڈلہ ون گئے کافر، وَلِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابٌ اَلِيْمٌ کافرن ہندہ خیطرہ چھو، یم نہ احکام الٰہین ہیوند تصدیق و تعمیل کرن، سخت دودتلہ ون عذاب، یہ سزا چھنہ یتھ حکمس خلاف کرنہ خیطرہ خاص، بلکہ اِنَّ الَّذِيْنَ يُحَآدُّوْنَ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ كُبِتُوْا كَمَا كُبِتَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ وَقَدْ اَنْزَلْنَآ اٰيٰتٍۭ بَيِّنٰتٍ یم لوک خدایس تہ تھندس پیغمبر سنز مخالفت کنہ حکمس منز کران چھ، تم ین خوار و ذلیل کرنہ دنیاہس اندر تہ تمن لوکن ہند پاٹھہ یم تمن برونٹھہ آس، گژھنا تم عذابو سیت خوار و ذلیل ین کرنہ بے شک اَسہِ سوز تمن کن صاف تہ واضح آیات، تمن آیاتن پزٕھ نہ کرین بلکہ اِنکار کرون چھولا محالہ موجب سزا یُس دنیاہس اندر تمن دنہ آو، وَلِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ تمہ علاوہ چھو کافرن تہ منکرن ہندہ خیطرہ آخرتس اندر خوار تہ ذلیل کرہ ون عذاب، سو عذاب کرسپدہ تمن يَوْمَ يَبْعَثُهُمُ اللّٰهُ جَمِيْعًا فَيُنَبِّئُهُمْ بِمَا عَمِلُوْا یمہ دوہہ تمن سارنی اللہ تعالیٰ دوبارہ بیہ زندہ کرہ تو پتہ ونہ تمن تمہ کامہ یمہ تمو کرمژٕہ آسن دنیاہس اندر ا اَحْصٰىهُ اللّٰهُ وَنَسُوْهُ تمہ سارے کامہ آسن اللہ تعالیٰ ان اکہ اکہ لیکھت تہ محفوظ تھاونہ ومژٕہ، تمن آسن نہ پانس تمہ کامہ یادئی، مشت آسنکھ گیمژٕہ،

أَلَمْ تَرَ أَنَّ اللَّهَ يَعْلَمُ مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَمَا فِي الْأَرْضِ ۖ مَا يَكُونُ مِنْ
نَجْوَىٰ ثَلَاثَةٍ إِلَّا هُوَ رَابِعُهُمْ وَلَا خَمْسَةٍ إِلَّا هُوَ سَادِسُهُمْ وَلَا أَدْنَىٰ
مِنْ ذَٰلِكَ وَلَا أَكْثَرَ إِلَّا هُوَ مَعَهُمْ أَيْنَ مَا كَانُوا ۖ ثُمَّ يُنَبِّئُهُمْ بِمَا عَمِلُوا
يَوْمَ الْقِيَامَةِ ۚ إِنَّ اللَّهَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيمٌ ⑦ أَلَمْ تَرَ إِلَى الَّذِينَ نُهُوا عَنِ
النَّجْوَىٰ ثُمَّ يَعُودُونَ لِمَا نُهُوا عَنْهُ وَيَتَنَاجَوْنَ بِالْإِثْمِ وَالْعُدْوَانِ
وَمَعْصِيَتِ الرَّسُولِ وَإِذَا جَاءُوكَ حَيَّوْكَ بِمَا لَمْ يُحَيِّكَ بِهِ اللَّهُ ۙ

---

وَاللَّهُ عَلَىٰ كُلِّ شَيْءٍ شَهِيدٌ الله تعالیٰ ڇهوپانه پرت ڪنه چيز س پيٺهُور مطلع ته باخبر، أَلَمْ تَرَ أَنَّ اللَّهَ يَعْلَمُ
مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَمَا فِي الْأَرْضِ کیا توه ڇهنايه ڪٿهه زيرِ نظر که الله تعالیٰ اس ڇهوته سوروی معلوم، يه
آسمانن اندر ڇهو، بيه ته سوروی يه زمين منز ڇهو، بوڙيا لوکٹ چيز، بڙه بڙه کٿهه يا لوته لوته کٿهه، بلکه کن کٿهه
تان ته، چنانچه مَا يَكُونُ مِنْ نَجْوَىٰ ثَلَاثَةٍ إِلَّا هُوَ رَابِعُهُمْ وَلَا خَمْسَةٍ إِلَّا هُوَ سَادِسُهُمْ ڇهنه آسان ترين
شخصن هنزه کن کٿهه ڪنه جايه يمن سيت نه الله تعالیٰ ڇهه ژورِيوم آسان اُتهے پاٹ ڇهنه آسان پاڙن
شخصن هنزه کِن کٿهه يمن سيت نه شيوم ڇهو آسان الله تعالیٰ، وَلَا أَدْنَىٰ مِنْ ذَٰلِكَ وَلَا أَكْثَرَ إِلَّا هُوَ
مَعَهُمْ أَيْنَ مَا كَانُوا نه امه عدده خوته کم، زه يا ژور، نه اَمهِ خوته زياده، شِه يا ستهه، مگر پر تهه حالس اندر
ڇهو الله تعالیٰ تمن سيت آسان ادهه ييتهه جايه آسن ته تهه ثُمَّ يُنَبِّئُهُمْ بِمَا عَمِلُوا يَوْمَ الْقِيَامَةِ توپته ونه
سو تمن سارنئ قيامتک دوه، تمه سارے کامه، يمه تم کران آس دنياءس اندر، إِنَّ اللَّهَ بِكُلِّ
شَيْءٍ عَلِيمٌ بے شک الله تعالیٰ ڇهو پر تهه ڪتهاه ته پر تهه چيزاه پور زانان، أَلَمْ تَرَ إِلَى الَّذِينَ نُهُوا عَنِ
النَّجْوَىٰ ثُمَّ يَعُودُونَ لِمَا نُهُوا عَنْهُ کیا توه ڇهوه نا تمن لوکن کُن وڇهان يمن منع آيوو کرنه کن کٿهه کرنه
لِشهِ، مگر تِوته ڇهه تم سوی کوم کران، يمه لِشهِ تمن منع آيوو کرنه، وَيَتَنَاجَوْنَ بِالْإِثْمِ وَالْعُدْوَانِ
وَمَعْصِيَتِ الرَّسُولِ زياده افسوس ناک کٿهه ڇهه يه که تِم ڇهه کن کٿهه کران گنهن متعلق سرکشی متعلق بيه
پيغمبر برحقه سنزه نافرمانی متعلق وَإِذَا جَاءُوكَ حَيَّوْكَ بِمَا لَمْ يُحَيِّكَ بِهِ اللَّهُ يم يهود ڇهه تهِی که يله تم

وَيَقُولُونَ فِي أَنفُسِهِمْ لَوْلَا يُعَذِّبُنَا اللَّهُ بِمَا نَقُولُ ۚ حَسْبُهُمْ جَهَنَّمُ ۖ
يَصْلَوْنَهَا ۖ فَبِئْسَ الْمَصِيرُ ⑧ يَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا إِذَا تَنَاجَيْتُمْ
فَلَا تَتَنَاجَوْا بِالْإِثْمِ وَالْعُدْوَانِ وَمَعْصِيَتِ الرَّسُولِ وَتَنَاجَوْا
بِالْبِرِّ وَالتَّقْوَىٰ ۖ وَاتَّقُوا اللَّهَ الَّذِي إِلَيْهِ تُحْشَرُونَ ⑨ إِنَّمَا النَّجْوَىٰ
مِنَ الشَّيْطَانِ لِيَحْزُنَ الَّذِينَ آمَنُوا وَلَيْسَ بِضَارِّهِمْ شَيْئًا إِلَّا
بِإِذْنِ اللَّهِ ۚ وَعَلَى اللَّهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُؤْمِنُونَ ⑩ يَا أَيُّهَا الَّذِينَ

---

توهان کي سلام ڪن ٿا تہ چون ٿا لفظ سان ٿا، حالانڪہ انهن کي اهڙو سلام ڪرڻ نہ گهرجي، جيڪو الله تعالى انهن تي سلام ڪرڻ، اهڙا لفظ ڪتب آڻين، جيڪي الله تعالى انهن تي نہ ڪري، بين پيغمبرن تہ سلام، بلفظ سلام، چنانچہ فرمودن السلام عليك ايها النبى ۽ فرمودن سلام على المرسلين، سلام على عباده الذين اصطفى، تہ چوندا آهن السام عليك، سام جو معنى موت، وَيَقُولُونَ فِي أَنفُسِهِمْ لَوْلَا يُعَذِّبُنَا اللَّهُ بِمَا نَقُولُ ۚ تو پڻ چوندا تہ پاڻ ۾ دلين ۾ چون ٿا تہ اگر هي پيغمبر سچو آهي تہ پوءِ الله تعالى ڇو اسان کي اهڙن لفظن جي سزا نٿو ڏئي، ڇاڪاڻ تہ انهن ۾ سراسر بي ادبي آهي، حَسْبُهُمْ جَهَنَّمُ يَصْلَوْنَهَا تہ انهن جي سزا لاءِ ڪافي جهنم آهي، جنهن ۾ اهي ضرور داخل ٿيندا، فَبِئْسَ الْمَصِيرُ سو بڇڙي جاءِ آهي جنهن ڏانهن واپس ورندا، يَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا إِذَا تَنَاجَيْتُمْ فَلَا تَتَنَاجَوْا بِالْإِثْمِ وَالْعُدْوَانِ وَمَعْصِيَتِ الرَّسُولِ اي ايمان وارؤ! جڏهن توهان پاڻ ۾ سرگوشي ڪريو تہ انهن جي (طرح)، جيئن منافق ڪندا آهن، تہ گناهہ، سرڪشي ۽ رسول جي نافرماني بابت، وَتَنَاجَوْا بِالْبِرِّ وَالتَّقْوَىٰ بلڪہ نيڪي ۽ پرهيزگاري بابت سرگوشي ڪريو ۽ نفع واري ڳالهين بابت ۽ پرهيزگاري متعلق، وَاتَّقُوا اللَّهَ الَّذِي إِلَيْهِ تُحْشَرُونَ ۽ ڊڄو خدا کان، جنهن ڏانهن اوهان سڀ گڏ ڪيا ويندؤ، اِنَّمَا النَّجْوَىٰ مِنَ الشَّيْطَانِ لِيَحْزُنَ الَّذِينَ آمَنُوا منافقن جي سرگوشي فقط شيطان جي ڏنل سبب، تہ ايمان وارن کي غمگين ڪري ۽ تڪليف ۾ وجهي، وَلَيْسَ بِضَارِّهِمْ شَيْئًا إِلَّا بِإِذْنِ اللَّهِ حالانڪہ شيطان انهن ايمان وارن کي ڪنهن بہ قسم جو نقصان نٿو ڏئي سگهي، سواءِ خدا جي حڪم جي، وَعَلَى اللَّهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُؤْمِنُونَ ۽ ايمان وارن کي

ءَامَنُوٓاْ إِذَا قِيلَ لَكُمۡ تَفَسَّحُواْ فِي ٱلۡمَجَٰلِسِ فَٱفۡسَحُواْ يَفۡسَحِ ٱللَّهُ
لَكُمۡۖ وَإِذَا قِيلَ ٱنشُزُواْ فَٱنشُزُواْ يَرۡفَعِ ٱللَّهُ ٱلَّذِينَ ءَامَنُواْ
مِنكُمۡ وَٱلَّذِينَ أُوتُواْ ٱلۡعِلۡمَ دَرَجَٰتٖۚ وَٱللَّهُ بِمَا تَعۡمَلُونَ خَبِيرٞ ﴿١١﴾
يَٰٓأَيُّهَا ٱلَّذِينَ ءَامَنُوٓاْ إِذَا نَٰجَيۡتُمُ ٱلرَّسُولَ فَقَدِّمُواْ بَيۡنَ يَدَيۡ

---

پر تھ کامہِ اندر اللہ تعالیٰ سئ پٹھ توکل تہ اعتماد کرُن، يَٰٓأَيُّهَا ٱلَّذِينَ ءَامَنُوٓاْ إِذَا قِيلَ لَكُمۡ تَفَسَّحُواْ فِي ٱلۡمَجَٰلِسِ فَٱفۡسَحُواْ يَفۡسَحِ ٱللَّهُ لَكُمۡ ای بایمانو یلہ توہِ وننہِ اَیہِ یعنے نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم فرماون توہِ یا اولی الامر اَندرہِ یا واجب الاطاعت لو کو اندرہ دنہ توہِ کانژہاہ، کہ جایہ اندر کریو وسعت، نکھ نکھ بہو، یِو تھ بین لوکن تہ اَیہِ موقعہ کلام خدا، تہ وعظ ونصیحت بوزنک، تمہ ساتہ آسیو توہ جایہ اندر کُشادہ گی کران، بین ینہ والین آسیو جای دیوان، اللہ تعالیٰ کرہ توہنز تنگی تہ کشادہ، سو مژراوہ توہِ کن رحمتک دروازہ، وَإِذَا قِيلَ ٱنشُزُواْ فَٱنشُزُواْ ہرگاہ کُنہ ضرورتہ کہ وقتہ توہِ وننہِ اَیہِ کہ تھودو تھیو، بیس ینہ والس تراویو جای، فوراً گژھہِ تھودو تھن تہ بیس جای تراوئن، پانہ بیس جایہ بہون، یہ حکم چھو نبی کرتمس ورای بیہ کانسہ ہندہ خیطرہ تہ باقی، یُس کُنہ مجلسہ ہیوند صدر مجلس آسہِ، اتھ پیٹھ چھو دلالت کران لفظ قیل، یعنے یلہ توہِ وننہ یوان آسہِ، سو وننہ ون ادہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم آستن، یا کانہہ واجب الاطاعت شخص آستن البتہ اہل مجلسو اندرہ، یا کانسہ پتہ اِوہ ونس چھنہ جائز کہ کانسہ شخصس تلہ ہا مجلسہ منزہ تہود، تہنزہ جایہ بہہ ہاپانہ، یا بہناوہِ ہا بیہ کانسہ، يَرۡفَعِ ٱللَّهُ ٱلَّذِينَ ءَامَنُواْ مِنكُمۡ وَٱلَّذِينَ أُوتُواْ ٱلۡعِلۡمَ دَرَجَٰتٖ اللہ تعالیٰ کرہ اتھ حکمس تعمیل واطاعت کرنہ سیت تمن لوکن ہند (یمو تمو اندرہ ایمان اَن) آخرتس اندر درجہ بلند بیہ تمن لوکن با ایمانن اندرہ، یمن علم دین عطا کرنہ آو، زیادہ تھدٕ درجہ عطا کیازہ آہنز اطاعت تہ تعمیل حکم چھہ زیادہ پر خلوص، عملہ اندر یُوت زیادہ خلوص آسہِ تیوت چھو ثواب زیادہ عطا یوان کرنہ، وَٱللَّهُ بِمَا تَعۡمَلُونَ خَبِيرٞ اللہ تعالیٰ اس چھہ توہنزن سارنئ عملن ہنز پور خبر تس چھہ خبر کہنز عمل چھہ خالی از ایمان، کہنز عمل چھہ ایمانداری سان، کہنزہ عملہِ منز چھو کوتاہ اخلاص يَٰٓأَيُّهَا ٱلَّذِينَ ءَامَنُوٓاْ إِذَا نَٰجَيۡتُمُ ٱلرَّسُولَ فَقَدِّمُواْ بَيۡنَ يَدَيۡ نَجۡوَىٰكُمۡ صَدَقَةٗۚ ای

نَجْوٰىكُمْ صَدَقَةً ذٰلِكَ خَيْرٌ لَّكُمْ وَاَطْهَرُ فَاِنْ لَّمْ تَجِدُوْا فَاِنَّ اللّٰهَ
غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ۱۲ ءَاَشْفَقْتُمْ اَنْ تُقَدِّمُوْا بَيْنَ يَدَيْ نَجْوٰىكُمْ
صَدَقٰتٍ فَاِذْ لَمْ تَفْعَلُوْا وَتَابَ اللّٰهُ عَلَيْكُمْ فَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَ
اٰتُوا الزَّكٰوةَ وَاَطِيْعُوا اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ وَاللّٰهُ خَبِيْرٌ بِمَا تَعْمَلُوْنَ ۱۳
اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ تَوَلَّوْا قَوْمًا غَضِبَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ مَا هُمْ مِّنْكُمْ وَلَا

---

بالإيمانو يله توهِ نبي كريم صلى الله عليه وسلم سيتي سرهٔ كٿهه كرڻ آسن، تهن كُرهه تمه پنه نه سره كٿهه تمن سيت كرنه برونٹھ فقيرن مسكين كنيرٔ هاديون بطور صدقه تميوك مقدار ڇهنه مقرر كرنه آمت، مگر آسُن گرهه سو معتد بى ذٰلِكَ خَيْرٌ لَّكُمْ وَاَطْهَرُ يه ڇهو توهنده ثواب ته اجر حاصل كرنه خيطره بيه توه گنهولشهِ پاک كرنه خيطره رُت ذريعه، فَاِنْ لَّمْ تَجِدُوْا فَاِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ وتَن هرگاه توه صدقه جوره نه تله ڇهو توه معاف، بس بے شک الله تعالےٰ ڇهو سٹهاه مغفرت كرهون سٹهاه رحم كرهون، ءَاَشْفَقْتُمْ اَنْ تُقَدِّمُوْا بَيْنَ يَدَيْ نَجْوٰىكُمْ صَدَقٰتٍ كياه توهه اندره بعضے متوسط لوک كهوژوه نبي كريم صلى الله عليه وسلمن سيت سره كٿهه كرنه برونٹھ صدقه دنس، فَاِذْ لَمْ تَفْعَلُوْا وَتَابَ اللّٰهُ عَلَيْكُمْ خير يله نه توه پورو سعت۔ نه آسنه موكهه صدقه هيوكوه دتهه الله تعالىٰ ان كرِ توهندس حالتس پيٹھ رحم كرت توه صدقه ديون معاف مگر بين ضروري عبادتن اندر كريو توه پابندي فَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ وَاَطِيْعُوا اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ پس تهاويو قائم نماز پابندي سان بيه آسيو ديوان زكوٰة پابندي سان، بيه آسيو فرماں برداري كران خدايه سنز بيه تهندس پيغمبره سنز، وَاللّٰهُ خَبِيْرٌ بِمَا تَعْمَلُوْنَ الله تعالےٰ اس ڇهه پور خبر تمه سارچي يه توه كران ڇهوه، لتس ڇهه توهنز ظاهري حالت ته معلوم باطني حالت ته معلوم، اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ تَوَلَّوْا قَوْمًا غَضِبَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ كيا توه ڇهناو ڇهان يا رسول الله ڇهونا تمن لوكن كن يمو يار زته دوستي ڇهه لاجمرٔ تهنيَ لوكن سيت يمن پيٹھ الله تعالىٰ سند غضب ڇهو، تم گئے يهود تهنيَ سيت آس دوستي لاجمرٔ منافقو، مَا هُمْ مِّنْكُمْ وَلَا مِنْهُمْ يم منافق ڇهنه كانسه هند، نه توهند نه ڇهه تهند،

مِنْهُمْ ۙ وَيَحْلِفُوْنَ عَلَى الْكَذِبِ وَهُمْ يَعْلَمُوْنَ ﴿١٤﴾ اَعَدَّ اللّٰهُ لَهُمْ عَذَابًا
شَدِيْدًا ؕ اِنَّهُمْ سَآءَ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿١٥﴾ اِتَّخَذُوْٓا اَيْمَانَهُمْ جُنَّةً
فَصَدُّوْا عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ فَلَهُمْ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ ﴿١٦﴾ لَنْ تُغْنِيَ عَنْهُمْ
اَمْوَالُهُمْ وَلَآ اَوْلَادُهُمْ مِّنَ اللّٰهِ شَيْـًٔا ؕ اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ النَّارِ ؕ
هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ ﴿١٧﴾ يَوْمَ يَبْعَثُهُمُ اللّٰهُ جَمِيْعًا فَيَحْلِفُوْنَ لَهٗ
كَمَا يَحْلِفُوْنَ لَكُمْ وَيَحْسَبُوْنَ اَنَّهُمْ عَلٰى شَيْءٍ ؕ اَلَآ اِنَّهُمْ هُمُ

---

وَيَحْلِفُوْنَ عَلَى الْكَذِبِ وَهُمْ يَعْلَمُوْنَ تمن چھ پنہ نہ کھوچرج تہ خبثِ باطنچ خبر ئی، مگر باوجود آن چھ اپزس پیٹھ قسم ہاوان سوا پز گو یھوی کہ مسلمانن چھ قسم ہاوتھ دپان اس چھ تو ہی سیت اَعَدَّ اللّٰهُ لَهُمْ عَذَابًا شَدِيْدًا اللہ تعالیٰ ان چھو تھند خیطرہ تیار تھوومت سخت عذاب، اِنَّهُمْ سَآءَ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ کیازہ بے شک تم آس سٹھاہ بچھ تچھ کامہ کران چنانچہ کفر و نفاقہ خوتہ کوسہ ہش کوم چھ زیادہ بچھ، تموی بچھ کامیو اندرہ گیہ اکھ۔ بچھ کوم کہ اِتَّخَذُوْٓا اَيْمَانَهُمْ جُنَّةً فَصَدُّوْا عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ فَلَهُمْ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ تمیو کیٗر پنن تمۍ اپز قسم، پنہ نہ بچاوہ خیطرہ سپر، یمہ موکھ کہ مسلمان زانن اَسہِ مسلمانی سانس مال و جانس لاگن نہ اتھ، پیارکن آسِ لوکن خدایہ سنزہ وتہ نشہ یعنی دین اسلامہ نشہِ پتھ رٹان، امہ موکھ چھہ تھندہ خیطرہ خوار و ذلیل کرہ ون عذاب، لَنْ تُغْنِيَ عَنْهُمْ اَمْوَالُهُمْ وَلَآ اَوْلَادُهُمْ مِّنَ اللّٰهِ شَيْـًٔا یلہ یہ عذاب تمن کرنہ ئِیہ، تمہ ساتہِ ئِیہ نہ تمن بکار خدایس نشہِ، نہ مال تھوند، نہ گبر تھند تم کیا موکلاوہ ہکہ امہ عذابہ نشہ، اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ النَّارِ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ بلکہ چھہ تمے جہنمی، تمۍ چھوا تھ جہنمس اندر روزت دزن ہمیشہ، يَوْمَ يَبْعَثُهُمُ اللّٰهُ جَمِيْعًا یہ عذاب آسہ تمن تمی دوہہ یمہ دوہہ اللہ تعالیٰ تمن بیہ باقی تمام مخلوقاتن دوبارہ بیہ زندہ کرہ، فَيَحْلِفُوْنَ لَهٗ كَمَا يَحْلِفُوْنَ لَكُمْ وَيَحْسَبُوْنَ اَنَّهُمْ عَلٰى شَيْءٍ پس ہاون تس برونٹھ کنہ تہ اپز قسم، اتھ پاٹھ توہِ برونٹھ کنہِ چھہ قسم ہاوان، یمن آسہِ خیال کہ تم ماچھہ کنہ رتس حالس پیٹھ، یمو اپزیو قسمو سیت مالبن تم نجات، اَلَآ اِنَّهُمْ هُمُ الْكٰذِبُوْنَ وارہ

الْكٰذِبُوْنَ ﴿۱۸﴾ اِسْتَحْوَذَ عَلَيْهِمُ الشَّيْطٰنُ فَاَنْسٰهُمْ ذِكْرَ اللّٰهِ ؕ
اُولٰٓئِكَ حِزْبُ الشَّيْطٰنِ ؕ اَلَاۤ اِنَّ حِزْبَ الشَّيْطٰنِ هُمُ الْخٰسِرُوْنَ ﴿۱۹﴾
اِنَّ الَّذِيْنَ يُحَآدُّوْنَ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗۤ اُولٰٓئِكَ فِى الْاَذَلِّيْنَ ﴿۲۰﴾
كَتَبَ اللّٰهُ لَاَغْلِبَنَّ اَنَا وَرُسُلِىْ ؕ اِنَّ اللّٰهَ قَوِىٌّ عَزِيْزٌ ﴿۲۱﴾ لَا تَجِدُ قَوْمًا
يُّؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ يُوَآدُّوْنَ مَنْ حَآدَّ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ

---

بوزیو کہ بیشک تمے چھ بیڈ اپز زیر، کیازہ تمو کرنہ خدالیس برونٹھ کنہ تہ اپزونہ لشہِ کانہہ وایہ، تمن ہنزہ تمہ کامہ یمن ہیوند پیٹھ ذکر کرنہ آو کرنک وجہہ چھوٗ اَئی کہ اِسْتَحْوَذَ عَلَيْهِمُ الشَّيْطٰنُ فَاَنْسٰهُمْ ذِكْرَ اللّٰهِ شیطانن چھو تمن پیٹھ پور تسلط تہ غلبہ لب مت، تو پتہ چھکھ تمی خدایہ سند یاد مشرو مت یعنے تہندین احکامن تعمیل کرن، اُولٰٓئِكَ حِزْبُ الشَّيْطٰنِ واقعی یم چھہ شیطانہ سنز جماعت، اَلَاۤ اِنَّ حِزْبَ الشَّيْطٰنِ هُمُ الْخٰسِرُوْنَ وارہ بوزیو شیطان سنزی جماعت چھہ برباد تہ خراب گژھہ وٕنۍ۔ اِنَّ الَّذِيْنَ يُحَآدُّوْنَ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗۤ اُولٰٓئِكَ فِى الْاَذَلِّيْنَ بے شک یم لوک مخالفت چھہ کران خدایہ سنز بیہ تہندس پیغمبرہ سنز، تم چھہ سخت ذلیل لوک خدالیس لشہِ، تہند ذلتہ کس عذابس گرفتار سپدن کیاہ عجایب چھو، اللہ تعالیٰ ان اُتھ پاٹھ تہندہ خیطرہ ذلت تجویز کرمژ تہ یژھہ مژچھہ، تتھے پاٹھ چھہ تمی یوژ ہمت تہ تجویز کرمت فرماں بردار بندن ہندہ خیطرہ عزت، كَتَبَ اللّٰهُ لَاَغْلِبَنَّ اَنَا وَرُسُلِىْ یہ کتھ چھہ اللہ تعالیٰ ان حکم ازلیس اندر لیکھت تھاومژ کہ بُہ تہ میان پیغمبر روزو غالب حقیقتس اندر چھو یہوی بوڈ عزت یتلس چھو مقصود اللہ تعالیٰ اس بیان کرن پیغمبرن ہیوند غلبہ، پننٕ ذکر فرمٕوون پیغمبرن ہیوند شان تہ شرف نزاونہ خیطرہ، وٕنۍ یلہ پیغمبر باعزت چھہ، تمن متابعت تہ پیروی کرہ دٕین تہِ گئے باعزتھی، اِنَّ اللّٰهَ قَوِىٌّ عَزِيْزٌ بے شک اللہ تعالیٰ چھو قدرتہ وول تہ غلبہ وول آستھی سو لیس یژھہ لتس تہ دیہ غلبہ دشمنن پیٹھ، لَا تَجِدُ قَوْمًا يُّؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ يُوَآدُّوْنَ مَنْ حَآدَّ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ توہہ نہ لبون نہ کانہہ جماعتاہ یمن فی الواقع پور پژھہ آسہِ خدایہ سنز تہ قیامتہ دوہچ، تم کیا لاگن دوستی تمن

وَلَوْ كَانُوْٓا اٰبَآءَهُمْ اَوْ اَبْنَآءَهُمْ اَوْ اِخْوَانَهُمْ اَوْ عَشِيْرَتَهُمْ ۭ اُولٰۗىِٕكَ
كَتَبَ فِيْ قُلُوْبِهِمُ الْاِيْمَانَ وَاَيَّدَهُمْ بِرُوْحٍ مِّنْهُ ۭ وَيُدْخِلُهُمْ جَنّٰتٍ
تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا ۭ رَضِيَ اللّٰهُ عَنْهُمْ وَرَضُوْا
عَنْهُ ۭ اُولٰۗىِٕكَ حِزْبُ اللّٰهِ ۭ اَلَآ اِنَّ حِزْبَ اللّٰهِ هُمُ الْمُفْلِحُوْنَ ۝۲۲ ع

---

وَلَوْ كَانُوْٓا اٰبَآءَهُمْ اَوْ اَبْنَآءَهُمْ لوکن سیت یم خدایہ سند تہٕ تسند س پیغمبرہ سند مخالف تہٕ دشمن آسن۔ اَوْ اِخْوَانَهُمْ اَوْ عَشِيْرَتَهُمْ ادہ آسِتن تم مخالف مالِ تہند، یا پنچو تہند یا بای تہند، یا قبیلہ تہند، کیازہ اُولٰۗىِٕكَ كَتَبَ فِيْ قُلُوْبِهِمُ الْاِيْمَانَ وَاَيَّدَهُمْ بِرُوْحٍ مِّنْهُ تہندین دلن اندر چھو کھومت اللہ تعالیٰ ان ایمان، بیہ چھُن تہندین دلن پتہٕ فیضہ سیت قوت دیو تمت تمہٕ فیضہ اندرہ چھو مراد نور، ییتھ نورس ہدایت مقتضی چھو، یمیوک نشانہ چھو ظاہرس اندر عمل صالح باطنس اندر سکونِ قلب، چونکہ یہ چھو سبب معنی زندگانی ہندہ زیادتی ہیوند آمہٕ موکھ تہووکھ اتھ ناو روح، یہ دولت و نعمت گیہ تمن دنیاہس اندر، آخرتس اندر گو تہند خیطرہ وَيُدْخِلُهُمْ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا بیہ واتناوہ تمن لوکن تمن جنتن اندر یمو بُون کِن نہرہ تہٕ کولہ آسن پکان تمیٖنی جنتن منز روزن تم ہمیشہ ابدالآباد، رَضِيَ اللّٰهُ عَنْهُمْ وَرَضُوْا عَنْهُ اللہ تعالیٰ چھو تمن لٕتھ راضی تم چھ تس لٕتھ راضی، اُولٰۗىِٕكَ حِزْبُ اللّٰهِ یہے گیہ اللہ تعالیٰ سنز جماعت اَلَآ اِنَّ حِزْبَ اللّٰهِ هُمُ الْمُفْلِحُوْنَ وارہ بوزیو کہ اللہ تعالیٰ سنزی جماعت چھ کامیاب سپدہ وٕنی۔






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

سَبَّحَ لِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ ۚ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ①

---

یلہ حضور سرورِ کائنات صلی اللہ علیہ وسلمو مدینہ منورس منز تشریف اُن یہودن سیت کُر کھ صلحک معاہدہ تمو منزہ اوس اکھ قبیلہ بنی النضیر تمن سیت تہ اوس صلح کرنہ آمت یم لوک آس بسان مدینہ منورہ نشہ زہ میل دور اکہ پھرہ سپد اتفاق کہ عمر بن امیہ ضمری سندہ اتھہ سپد زہ خون، وئن اوس تمسندہ طرفہ لوکن خون بہادیون تمکس چندس اندر شامل کرنہ خیطرہ ان تشریف حضرت رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلمو اتھ قبیلس اندر فرموو ہکھ ہرگاہ توہ تہ یژہان چھوہ اَتھ چندس منز شریک سپدن سپدیو تمو بہناؤ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم اکس جایہ عرض کرہکھ تو تہاویو ہز بتھ جایہ تشریف اس کرو چندہ جمع کرنک انتظام اتھ وقس اندر کُر کھ پانہ خفیہ مشورہ کہ اکھ شخصاہ کھسہ اکس تھزرس، یس تمن سیدہ سیو داوس تیتی پیٹھ تراوہ تمن پیٹھ گوٹہ کن تمی سیت سپدن تم نعوذ باللہ ختم اللہ تعالیٰ ان کرامی ساتہ وحی نازل یتھ اندرہ اہنزہ امہ کامہ ہیوند اطلاع سپد تمن تم وَتھ امہ جایہ نیشہ تھود تو پتہ سوزہکھ پیغام کہ ای یہودو توہِ پھُر ووہ پنون عہدہ لہٰذا نیریو توہ یمہ شہرہ منزہ دہن دوہن اندر اندر ہرگاہ یمود ہوود ہو پتہ توہ اندرہ کانہہ شخصاہ نظرِ ہ اَیہ تس اِیہ گردن ژٹنہ چنانچہ تموہیز امہ شہرہ منزہ نیرنچ سکھر کرئین، مگر منافقن ہیوند زیوٹھ عبداللہ بن ابی تم سوز تمن یہودن پیغام کہ توہ مہ نیریو ہرگز کانہہ پروامہ کریو مہ سیت چھہ تیارزہ ساس لوک یم توہِ پتھ روزن تم دن نہ توہِ پیٹھ آنچ واتناونہ چنانچہ یہود آی تہندس بھروسس اندر تم لگ ونہ کہ اس نیرونہ یمہ شہرہ اندرہ توہ کریویہ توہِ کرون چھو۔ حضور صلی اللہ علیہ وسلم ورای صحابہ صین سیت یہود آس پنہ نس قلعس منز بند صحابہ صیبودیوت تمن امہ قلعہ نیبر گھیرہ یعنے محاصرہ کُرہکھ تہندین باغن ہند کلِ ژٹکھ تمن دیوٹھ نار آخری آی یہود قلعس اندر تنگ تو پتہ مُونکھ تہ تسلیم کُرکھ امہ شہرہ منزہ نیرن نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمو فرموو ہکھ یوت اسباب تہ سامان توہ پانس سیت ہیکو نتھ تیوت نیو صرف چھنہ اجازت ہتھیارنک چنانچہ تموئیٔ دارہ دروازہ دروازن ہنزہ ہانکلہ تالون ہنزہ کرہِ تہ بچہ تان پر اٹیتھ تو پتہ چھہ تم حضرت عمرہ سندس خلافتس اندر دوبارہ جلاوطن

هُوَ الَّذِیْٓ اَخْرَجَ الَّذِیْنَ كَفَرُوْا مِنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ مِنْ دِیَارِهِمْ لِاَوَّلِ الْحَشْرِ ؔؕ مَا ظَنَنْتُمْ اَنْ یَّخْرُجُوْا وَ ظَنُّوْٓا اَنَّهُمْ مَّانِعَتُهُمْ حُصُوْنُهُمْ مِّنَ اللّٰهِ فَاَتٰىهُمُ اللّٰهُ مِنْ حَیْثُ لَمْ یَحْتَسِبُوْا ۗ وَ قَذَفَ فِیْ قُلُوْبِهِمُ الرُّعْبَ یُخْرِبُوْنَ بُیُوْتَهُمْ بِاَیْدِیْهِمْ وَ اَیْدِی الْمُؤْمِنِیْنَ ق

---

کرنہ آمت یمن دوشوئن جلاوطنین چھوونہ آمت حشرِ اول تہ حشر ثانی تہیدہ پاٹھ آواتھ مضمونس شروع کرنہ تسبیحہ سیت سَبَّحَ لِلّٰهِ مَا فِی السَّمٰوٰتِ وَ مَا فِی الْاَرْضِ وَ هُوَ الْعَزِیْزُ الْحَكِیْمُ خدایہ سنز پاکی چھ بیان کران تم ساری لوک یم آسمانن تہ زمین منز مخلوقات چھ هُوَ الَّذِیْٓ اَخْرَجَ الَّذِیْنَ كَفَرُوْا مِنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ مِنْ دِیَارِهِمْ لِاَوَّلِ الْحَشْرِ تہندہ علوشانک قدرت کاملک تہ کمال حکمتک اثر چھو یہ کہ سوگوسوی یم کفار اہل کتاب یعنے بنی النضیر کڈ پنہ نیو گرواندرہ نیبر، گوڈنچہ لٹہ اکہ وٹہ سنبر تہ یعنے یہ مصیبت آو تمن بنت گوڈنچی لٹہ یہ چھو تمن تمُئی کامین ہیوند سزاءِ یمہ تم کران آس مخالفت تہ دشمنی پیغمبر آخر الزماں سنز صلی اللہ علیہ وسلم، یتھ منز چھواکھ لطیف اشارہ اکس پیشگوئی کُن، سہ گیہ یہئے کہ تہندہ خیطرہ چھو آیند تہِ اَتھوی انقلابِ اَوہ وُن چنانچہ حضرت عمرن رضی اللہ عنہ کڈ پنہ نس خلافتس اندر ساری یہود جزیرہ عربہ اندرہ، مَا ظَنَنْتُمْ اَنْ یَّخْرُجُوْا ای مسلمانو توہ اوسنہ گمان یمن یہودن ہیوند سامانہ تہ شوکت وچھت کہ تم کیا نیرن سیدہ سیدہ وَ ظَنُّوْٓا اَنَّهُمْ مَّانِعَتُهُمْ حُصُوْنُهُمْ مِّنَ اللّٰهِ تمن یہودن تہ اُوس پنہ نہ جایہ گُمان کہ تہند قلای بچاون تمن خدایہ سندہ انتقامہِ نشہِ یعنے تمن تہ اوس پنہ نین قلاین ہنزہ مضبوطی تہ محکمی پیٹھ بڑہ ناز، فَاَتٰىهُمُ اللّٰهُ مِنْ حَیْثُ لَمْ یَحْتَسِبُوْا پس پیوواتھ تمن خدایہ سند عذاب تڑھئی جایہ کُن یمیوک نہ تمن وہم وگمان تہ اوس تمہ اندرہ چھو مراد کہ مسلمانن ہندہ اتھ آی تم کڈنہ تہ جلاوطن کرنہ یمن مسلمانن ہنزہ بے سروسامانی کُن نظر کرت تہ یہودن ہندس باسلاح وسامان آسنس کُن نظر کرت اوسنہ کانسہ ہندس وہم وگمانس منز یوان کہ تم کیاسپدن یمن پیٹھ غالب، وَ قَذَفَ فِیْ قُلُوْبِهِمُ الرُّعْبَ بیہ تروو اللہ تعالیٰ ان یہودن ہندین دلن اندر مسلمانن ہیوند رُعب تمی رعبہ سبہ کر تمو پانئے نیرنک ارادہ چنانچہ تہنز حالت سپز تو قسمتہ کہ یُخْرِبُوْنَ بُیُوْتَهُمْ بِاَیْدِیْهِمْ وَ اَیْدِی

فَاعۡتَبِرُوۡا يٰۤاُولِى الۡاَبۡصَارِ ۝۲ وَلَوۡلَاۤ اَنۡ كَتَبَ اللّٰهُ عَلَيۡهِمُ
الۡجَـلَاۤءَ لَعَذَّبَهُمۡ فِى الدُّنۡيَا‌ ؕ وَلَهُمۡ فِى الۡاٰخِرَةِ عَذَابُ النَّارِ ۝۳
ذٰلِكَ بِاَنَّهُمۡ شَآقُّوا اللّٰهَ وَرَسُوۡلَهٗ‌ ۚ وَمَنۡ يُّشَآقِّ اللّٰهَ فَاِنَّ اللّٰهَ
شَدِيۡدُ الۡعِقَابِ ۝۴ مَا قَطَعۡتُمۡ مِّنۡ لِّيۡنَةٍ اَوۡ تَرَكۡتُمُوۡهَا قَآئِمَةً عَلٰٓى

---

الْمُؤْمِنِيْنَ پنھِنِ گرہ آس لوران پانئے پنہ نیوا تھو بیہ مسلمانن ہندیوا تھو سیت فَاعْتَبِرُوْا يٰۤاُولِى الْاَبْصَارِ پس رٹیو عبرت تہٕ یہ حال وچھت ای عقلیہ والیو وچھیو شرک کفر ظلم تہٕ بد عہدی کرنک انجام کیو تھ چھو آسان تم خدایہ سنز تہٕ تہندس پیغمبرہ سنز مخالفت چھہ کران تمن چھو اللہ تعالیٰ بعض اوقات دنیاء س منزتہٕ کروتھ سزا دیوان، وَلَوْلَاۤ اَنْ كَتَبَ اللّٰهُ عَلَيْهِمُ الْجَلَاۤءَ لَعَذَّبَهُمْ فِى الدُّنْيَا ہرگاہ نئے اللہ تعالیٰ ان تہندہ حقہ جلاوطنی ہیوند حکم لیوکھمت آسہاتہٕ دیہا تمن تہٕ دنیاء سئی اندر سزا قتل کرنہ سیت اِتھ پاٹھ تمن پتہ بنی قریظن سیت معاملہ کرنہ آو، ہرگاہ تم دنیاء س اندر عذاب قتلہ نِشہِ بچای تہٕ مگر وَلَهُمْ فِى الْاٰخِرَةِ عَذَابُ النَّارِ تہندہ خیطرہ چھو آخرتس اندر نارک عذاب تیار ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ شَآقُّوا اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ یہ سزا دنیاء س اندر جلاوطنی ہیوند آخرتس اندر عذاب نارک چھو تمن امی موکھہ کہ تمو کیاکر مخالفت خدایہ سنز بیہ تہندس پیغمبرہ سنز، وَمَنْ يُّشَآقِّ اللّٰهَ فَاِنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ پس شخص خدایہ سنز مخالفت کران چھو سوی گیہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمہ سنز مخالفت کرتن پس اللہ تعالیٰ چھو سخت سزاء دیوون یہ مخالفت تہٕ جُرم یہودن ہیونداوس دوبیہ قسمہ اکھ نقضِ عہد سیت تمیوک سزاء آکھ دینہ جلاوطنی سیت بیاکھ جرم اوس ایمان نہٕ انُن تمیوک سزاء چھک نارجہنمک عذاب امہ پتہ چھو اللہ تعالیٰ فرماوان یہودن ہندہ اکہ طعنک جواب یُس تمو کل ژٹنک تہٕ زالنک دژو وکہ کیا یہ گونا فساد تہٕ تباہی تولئن بیہ کریو بعضے مسلمانو کل ژٹنہ نِشہِ ہراسے یہ خیال کرت کہ یم کل سپدن تہٕ واتن مسلمانئی نِشہِ لہذا کیازہ واتہٕ ناووپان پانس نقصان، بعضیو کرخیال کہ امہ سیت واتہٕ یہودن تکلیف تہٕ رنج لہذا اگرژھن یم کلِ ضرور ژٹن، اللہ تعالیٰ ان کرِدو شوئن جماعتن ہنزہ کامہ

أُصُولِهَا فَبِإِذْنِ اللهِ وَلِيُخْزِيَ الْفٰسِقِينَ ۝۵ وَمَآ أَفَآءَ اللهُ عَلٰى
رَسُولِهِ مِنْهُمْ فَمَآ أَوْجَفْتُمْ عَلَيْهِ مِنْ خَيْلٍ وَّلَا رِكَابٍ وَّلٰكِنَّ
اللهَ يُسَلِّطُ رُسُلَهُ عَلٰى مَنْ يَّشَآءُ ۚ وَاللهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيرٌ ۝۶
مَآ أَفَآءَ اللهُ عَلٰى رَسُولِهِ مِنْ أَهْلِ الْقُرٰى فَلِلّٰهِ وَلِلرَّسُولِ
وَلِذِي الْقُرْبٰى وَالْيَتٰمٰى وَالْمَسٰكِينِ وَابْنِ السَّبِيلِ ۙ كَيْ لَا

---

تائید چنانچہ فرموون مَا قَطَعْتُمْ مِّنْ لِّينَةٍ أَوْ تَرَكْتُمُوهَا قَآئِمَةً عَلٰى أُصُولِهَا فَبِإِذْنِ اللهِ ای مسلمانو یُس خضرہ کولاہ توہِ ژٹیتھ ترووِن یازولون یا تھوون پنہ نین مولن پیٹھ استادے یعنے ژٹیتھ ترووِن نہ یِنہ دوشوے چیز کروہ توہِ اللہ تعالیٰ سنزی حکمتہ تہ رضامندی موافق یو تھ مسلمانن اللہ تعالیٰ عزت تہ آبرو دیہ، وَلِيُخْزِيَ الْفٰسِقِينَ بیہ یو تھ ذلیل تہ خوار کرہ کافرن وَمَآ أَفَآءَ اللهُ عَلٰى رَسُولِهِ مِنْهُمْ فَمَآ أَوْجَفْتُمْ عَلَيْهِ مِنْ خَيْلٍ وَّلَا رِكَابٍ بیہ یُس تمن یہودن ہیوند مالاہ اللہ تعالیٰ ان مال غنیمت بناوِتھ واتہ نووپنہ نِس پیغمبرس نِشہِ تتھ منز پیہ نہ تہ۔ کانہہ مشقتاہ تولِن نہ پیئے توہ تمہ خیطرہ گرتہ وونٹھ دورہ ناوِن یعنے نہ پیووہ توہِ سفر کرُن کیازہ مدینہ شریفہ پیٹھ آس سُہ جای زی میل دور نہ پیو توہ جنگ کرُن لہذا اچھنہ تتھ اندر توہند کانہہ حق وَّلٰكِنَّ اللهَ يُسَلِّطُ رُسُلَهُ عَلٰى مَنْ يَّشَآءُ لیکن اللہ تعالیٰ سند طریقہ چھ کہ سو چھو پنہ نین پیغمبرن خاص غلبہ دیوان پنہ نیو دشمنو اندرہ یمن پیٹھ یژہان چھو یعنے محض رعبہ سیت غلبہ دیوان یتھ منز نہ کانسہ کانہہ مشقتاہ واتان چھ چنانچہ تمو پیغمبرو اندرہ وتن غلبہ حضرت محمد مصطفٰے اس واتہ نوون تمن نِشہِ یمن یہودن ہیوند مال لہذا اچھنہ اتھ مالس اندر توہ کانہہ حق بلکہ چھوا تھ پیٹھ مالکانہ تصرف کرنک تمئیِ پورہ اختیار، وَاللهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيرٌ اللہ تعالیٰ اس چھ پرتھ چیزس پیٹھ پور قدرت اُتھ پاٹھ بنی نضیرن ہندہ مالک حکم بیان آوکرنہ اِتھئے پاٹھ چھو حکم کہ مَآ أَفَآءَ اللهُ عَلٰى رَسُولِهِ مِنْ أَهْلِ الْقُرٰى فَلِلّٰهِ وَلِلرَّسُولِ وَلِذِي الْقُرْبٰى وَالْيَتٰمٰى وَالْمَسٰكِينِ وَابْنِ السَّبِيلِ یُس مال اللہ تعالیٰ ان بطریق مالِ غنیمت واتہ نووپنہ نِس پیغمبرس نِشہِ اُتھئے پاٹھ یعنے محنت وجنگ کرنہ ورای کافرن ہنزو

يَكُوْنَ دُوْلَةً بَيْنَ الْاَغْنِيَآءِ مِنْكُمْ ؕ وَمَآ اٰتٰىكُمُ الرَّسُوْلُ فَخُذُوْهُ ۚ وَ
مَا نَهٰىكُمْ عَنْهُ فَانْتَهُوْا ۚ وَاتَّقُوا اللّٰهَ ؕ اِنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ ۟ ۷
لِلْفُقَرَآءِ الْمُهٰجِرِيْنَ الَّذِيْنَ اُخْرِجُوْا مِنْ دِيَارِهِمْ وَاَمْوَالِهِمْ
يَبْتَغُوْنَ فَضْلًا مِّنَ اللّٰهِ وَرِضْوَانًا وَّيَنْصُرُوْنَ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ

---

بيو بستيو منجهه مثلاً فدڪ بيه سر تنهه منجهه بيه ڇهنه توهِ ڪانهه استحقاق مالڪ بنهه نگ بلڪه ڇهه سُو حق رسولِ ڪريمه سند الله تعاليٰ ان ڇهو تمن تنهه پيٺھ مالڪانه تصرف ڪرنڪ حق ديو تمت ليس خوش ڪريکهه تس هيڪر عطا ڪرت بيه ڇهو تنهه اندر تهندين اهلِ قرابتن رشته دارن هيوند حق بيه يتيمن مسڪين ته مسافرن هيو: حق يعني يم ساري ڇهه امه مالڪ مصارف هرگاه نبي ڪريم صلي الله عليه وسلم مناسب زانن يه حڪم آويه موکهه ڪرنه ڪے ڪَيْ لَا يَكُوْنَ دُوْلَةً بَيْنَ الْاَغْنِيَآءِ مِنْكُمْ يوتهنه سومال غنيمت واته توهندين مالدارا هندس قبضس منجهه فقير ته مسڪين سپدن محروم اِتهه ياٺھ جاهليته ڪس زمانس منجهه سپدان اوس ڪه مالِ غنيمت وغيره محاصل جنگ آس کهيوان اقتداره وال لوکهئ فقير ته مسڪين لوڪ آس محروم سپدان اَمُ موکهه تهووالله تعاليٰ ان امه مالڪ خرچ ڪرن نبي ڪريم صلي الله عليه وسلم هنجه رايه پيٺھ تمه علاوه ڪرِ الله تعاليٰ ان تمڪ مصارف بيان گويا فرموون ڪه باوجود اينڪه توهِ ڇهه اتهه اندر مالڪانه حيثيت مگر توته گڙهه محتاجن ته مصالحه عامن هندين مواقعن هيوند خاص خيال تهاو تهه تمن پيٺھ صرف ڪرُن اي مسلمانو يلا توه معلوم سپد ڪه نبي ڪريم صلي الله عليه وسلم سنجه رايه پيٺھ تهاونس منجهه ڇهه حڪمت لهذا وَمَآ اٰتٰىكُمُ الرَّسُوْلُ فَخُذُوْهُ ۚ وَمَا نَهٰىكُمْ عَنْهُ فَانْتَهُوْا يه ڪنيزهاه دنوته عطا ڪرنوه توه رسولِ ڪريم تهِ ريٺو بيه يم چيزه ڪه رٹنه لِشهِ تم توهِ پتھ رٹن تمه لِشهِ آسيوروزان پتھ يهوي حڪم زانيو افعال واحڪامن منجهته لفظ "ما" عام آسنه موکهه، وَاتَّقُوا اللّٰهَ بيه کهوژيو الله تعاليٰ اس اِنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ بے شڪ الله تعاليٰ ڇهو مخالفت ڪرنس پيٺھ سخت عذاب ڪرهون ته سزا ديوهون لِلْفُقَرَآءِ الْمُهٰجِرِيْنَ الَّذِيْنَ اُخْرِجُوْا مِنْ دِيَارِهِمْ وَاَمْوَالِهِمْ اگرچه مال غنيمتس منجهه ڇهو مطلق مسڪين هوند حق آستهي مگر فقير ته حاجت مند

أُولَٰٓئِكَ هُمُ ٱلصَّٰدِقُونَ ۝٨ وَٱلَّذِينَ تَبَوَّءُو ٱلدَّارَ وَٱلْإِيمَٰنَ مِن
قَبْلِهِمْ يُحِبُّونَ مَنْ هَاجَرَ إِلَيْهِمْ وَلَا يَجِدُونَ فِى صُدُورِهِمْ
حَاجَةً مِّمَّآ أُوتُوا۟ وَيُؤْثِرُونَ عَلَىٰٓ أَنفُسِهِمْ وَلَوْ كَانَ بِهِمْ
خَصَاصَةٌ ۚ وَمَن يُوقَ شُحَّ نَفْسِهِۦ فَأُولَٰٓئِكَ هُمُ ٱلْمُفْلِحُونَ ۝٩

---

مہاجرن ھیوند حق تہ چھو خصوصا تتھ منز یم مہاجر پتہ نیو گرو تہ مالو و اندرہ جبر أتہ ظلما گٔڈنہ تہ جُدا کرنہ آے کیازہ تم کٔر کافرو تیوت تنگ تہ پریشان کہ تم سپد گھرہ بار تراونس پیٹھ مجبور یَبْتَغُونَ فَضْلًا مِّنَ اللّٰهِ وَرِضْوَانًا یہ ہجرت کرنہ سیت چھہ تم ژھانڈان محض خدایہ سُند فضل تہ تھنز رضا مندی کُنہ دنیوی غرضہ خیطرہ کرکھنہ ہجرت وَيَنصُرُونَ اللّٰهَ وَرَسُولَهُ بیہ چھہ تم خدا اور سولہ سندِس دینس مدد کران أُولَٰٓئِكَ هُمُ الصَّٰدِقُونَ تمےٚ لوک چھہ پزٕ پاٹھ با ایمان، وَالَّذِينَ تَبَوَّءُو الدَّارَ وَالْإِيمَانَ مِن قَبْلِهِمْ بیہ چھو اتھ مال غنیمتس اندر حق تمن لوکن ھیوند یمو قرار کرٕ دار الہجر تس تہ دار الایمانس اندر ئی یعنے مدینہ مُنورس اندر مہاجرن ہندہ أت واتنہ برونٹھ یعنے تم آس نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم سنزہ ہجرت کرنہ برونٹھی مدینہ شریفس منز مسلمان سپدمت تمو آسہ تتہ مسجدہ بناکر مژہ یہ اوس تھوند کمال باوجود موانع و مخالفت، يُحِبُّونَ مَنْ هَاجَرَ إِلَيْهِمْ یم مدینہ شریفک لوک چھہ محبت تھاوان تمن لوکن ھیوند یمن کُن ہجرت کرت یوان چھہ۔ وَلَا يَجِدُونَ فِى صُدُورِهِمْ حَاجَةً مِّمَّآ أُوتُوا مال غنیمتہ منزہ یہ کنٹژ ہاہ دنہ یوان چھہ مہاجرین تمہ سیت چھنہ تم پنہ نس دلس اندر کُنہ قسمک طلب تہ رغبت محسوس کران بلکہ چھہ زیادہ محبت تمن بیگراوان بلکہ چھہ تمن کھیاوان چاوان وَيُؤْثِرُونَ عَلَىٰٓ أَنفُسِهِمْ وَلَوْ كَانَ بِهِمْ خَصَاصَةٌ تتھ اندر چھہ تمنٕی مقدم زانان تہ ترجیح دیوان پنہ نین پانن پیٹھ ادہ آسنکھ پانس و پیستی یعنے پانہ چھہ روزان بسا اوقات فاقی تمنٕی چھہ کھیاوان وَمَن يُوقَ شُحَّ نَفْسِهِ فَأُولَٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُونَ واقعی یم لوک پنہ نہ نفس و طبیعتہ کہ بُخلہ نِشہِ محفوظ ین تھاونہ یعنے یمن اللہ تعالیٰ توفیق دیہ یعنے تھند دل تھاوہ لالچہ حرصہ تہ بخلہ نِشہِ محفوظ تمےٚ لوک چھہ کامیاب تہ بامراد سپدہ وٕنی

وَالَّذِيْنَ جَآءُوْ مِنْۢ بَعْدِهِمْ يَقُوْلُوْنَ رَبَّنَا اغْفِرْ لَنَا وَلِاِخْوَانِنَا
الَّذِيْنَ سَبَقُوْنَا بِالْاِيْمَانِ وَلَا تَجْعَلْ فِيْ قُلُوْبِنَا غِلًّا لِّلَّذِيْنَ
اٰمَنُوْا رَبَّنَآ اِنَّكَ رَءُوْفٌ رَّحِيْمٌ ﴿١٠﴾ اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ نَافَقُوْا
يَقُوْلُوْنَ لِاِخْوَانِهِمُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ لَئِنْ
اُخْرِجْتُمْ لَنَخْرُجَنَّ مَعَكُمْ وَلَا نُطِيْعُ فِيْكُمْ اَحَدًا اَبَدًا ۙ وَّاِنْ
قُوْتِلْتُمْ لَنَنْصُرَنَّكُمْ ۭ وَاللّٰهُ يَشْهَدُ اِنَّهُمْ لَكٰذِبُوْنَ ﴿١١﴾ لَئِنْ اُخْرِجُوْا

---

کیازہ لالچی تہ بخیل انسان کتھہ پاڑھہ کرہ بالیس پیٹھ ایثار سو کرگوھہ خوش بای سِندِھ خوش حالی سیت وَالَّذِيْنَ جَآءُوْ مِنْۢ بَعْدِهِمْ بیہ چھو تمن لوکن ہیوند تہ اتھ مال غنیمتس اندر حق یم اسلامس اندر، یا ہجرتس اندر دنیاءس اندر یمن مہاجرن تہ انصارن پتہ آی یا پتہ ین، يَقُوْلُوْنَ رَبَّنَا اغْفِرْ لَنَا وَلِاِخْوَانِنَا الَّذِيْنَ سَبَقُوْنَا بِالْاِيْمَانِ یم پانس سیت ملہ وِتھ یمن مہاجرن تہ انصارن دعای خیر چھہ کران دِپان چھہ ای سانہ پروردگارہ سانین گنہن کر بخشایش تہ مغفرت، بیہ سانین باین یموا سہ برونٹھ اُن ایمان وَلَا تَجْعَلْ فِيْ قُلُوْبِنَا غِلًّا لِّلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بیہ مہ تھاو سانین دِلن اندر کنہ قسمہ کینہ تہ بُغض کانسہ بایمانہ سُند رَبَّنَآ اِنَّكَ رَءُوْفٌ رَّحِيْمٌ ای سانہ پروردگارہ بے شک ژہ چھکھ ستھاہ مہربان ستھاہ رحم کرہ ون۔ اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ نَافَقُوْا کیا تو وچھونا یمن منافقن عبد اللہ بن ابی وغیرہ ہیوند حال يَقُوْلُوْنَ لِاِخْوَانِهِمُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ تم چھہ ونان پنہ نین ہم مذہب باین یم اہل کتابو اندرہ کافر چھہ، یعنے بنی النضیرن لَئِنْ اُخْرِجْتُمْ لَنَخْرُجَنَّ مَعَكُمْ قسم خدااس چھہ پہ تھ حالس اندر توہی سیت ہرگاہ توہ پنہ نہ وطنہ منز جبراً آیو کڈنہ اس تہ نیرو پنہ نہ وطنہ منزہ توہی سیت، وَلَا نُطِيْعُ فِيْكُمْ اَحَدًا اَبَدًا وَّاِنْ قُوْتِلْتُمْ لَنَنْصُرَنَّكُمْ بیہ مانو نہ اس توہ متعلق کانسہ ہنز کتھ زانہہ تہ ہرگز بیہ ہرگاہ توہ سیت لڑائی تہ جنگ کرہِ کانہہ اس نیرو ضرور توہندہ مدد ہ خیطرہ، وَاللّٰهُ يَشْهَدُ اِنَّهُمْ لَكٰذِبُوْنَ اللہ

لَا يَخْرُجُوْنَ مَعَهُمْ ۚ وَلَئِنْ قُوْتِلُوْا لَا يَنْصُرُوْنَهُمْ ۚ وَلَئِنْ نَّصَرُوْهُمْ
لَيُوَلُّنَّ الْاَدْبَارَ ۫ ثُمَّ لَا يُنْصَرُوْنَ ﴿١٢﴾ لَاَنْتُمْ اَشَدُّ رَهْبَةً
فِيْ صُدُوْرِهِمْ مِّنَ اللّٰهِ ؕ ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ قَوْمٌ لَّا يَفْقَهُوْنَ ﴿١٣﴾
لَا يُقَاتِلُوْنَكُمْ جَمِيْعًا اِلَّا فِيْ قُرًى مُّحَصَّنَةٍ اَوْ مِنْ وَّرَآءِ
جُدُرٍ ؕ بَاْسُهُمْ بَيْنَهُمْ شَدِيْدٌ ؕ تَحْسَبُهُمْ جَمِيْعًا وَّقُلُوْبُهُمْ

---

تعالیٰ ڇھو گواھي ڏيوان ڪہ ھي منافق ڇھ اپڙ زير، محض ڇھ يھودن مسلمانن خلاف ٺلنہ خيطرہ ڏيہ ڪٿھ ونان يہ زيوو سيت ونان ڇھہ ٿٿھ ڪرن نہ تم زانہہ تہ عمل، لَئِنْ اُخْرِجُوْا لَا يَخْرُجُوْنَ مَعَهُمْ وَلَئِنْ قُوْتِلُوْا لَا يَنْصُرُوْنَهُمْ قسم خدا ھرگاہ ھي يھود پنہ نيو شھروا اندرہ ڪڍنہ ين، ھي منافق نيرن نہ تمن سيت ھرگز بيہ ھرگاہ تمن سيت جنگ آو ڪرنہ ھي ٹنہ قسمڪ تمن مدد ڪرن نہ، وَلَئِنْ نَّصَرُوْهُمْ لَيُوَلُّنَّ الْاَدْبَارَ ثُمَّ لَا يُنْصَرُوْنَ ھرگاہ بفرض محال تمن ٹنہ قسمڪ مدد تہ ڪران لڙايہ منز سپدن شريڪ عين وقت وِزہ ژلن تم ميدانہ منزہ تمن ڳن تھر پھرت يمن منافقن ھندہ موقعس پيٹھ ژلنہ پتہ ھيڪہ نہ ڪانہہ تہ تمن مدد ڪرت چنانچہِ اُتھے پاٹھ سپد واقع يمہ ساتھ بنی النضيرن صحابہ صيبوی محاصرہ تھندس قلاليس يتھ منز لڙايہ ھيوند احتمال اوس منافقوا اندرہ آونہ اکھ تہ تمن برونٹھ ڪن تو پتہ يمہ ساتہ ڪڍنہ آی تم ڪانہہ تہ دراونہ تمن سيت، صدق الله مولٰنا العظيم يہ خداين فرموتہ سوروی دراوپڙ تہ حق لَاَنْتُمْ اَشَدُّ رَهْبَةً فِيْ صُدُوْرِهِمْ مِّنَ اللّٰهِ بے شڪ توہِ لوڪن ھيوند خوف و حراس ڇھو تمن منافقن ھندين دلن اندر خدايہ سِندہ خوفہ خوتہ تہِ زيادٗ ے۔ ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ قَوْمٌ لَّا يَفْقَهُوْنَ اميوڪ وجہ ڇھو ڪہ تمن ڇھنہ ڪفرہ سببہ خدايہ سنز عظمت فڪری تراِن يم ساری يھود بنی النضير و غيرہ بيہ منافق تہ ھيڪنہ الگ الگ توہ سيت مقابلے ڪرت تيچ ڇھنہ تمن سڪتھی، لَا يُقَاتِلُوْنَكُمْ جَمِيْعًا اِلَّا فِيْ قُرًى مُّحَصَّنَةٍ اَوْ مِنْ وَّرَآءِ جُدُرٍ يم لوڪ ھيڪن نہ توہِ سيت جنگ تہ مقابلہ ڪرت اِڪہ وٹہ ساری ميلت تہ نہ وانہ ميدانس اندر مگر ھيڪن جنگ ڪرت ٿٿھ شھرس منز اندر اندر يتھ پر تھ طرفہ قلای آسہ کھارنہ

شَتّٰیؕ ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ قَوْمٌ لَّا یَعْقِلُوْنَۚ ﴿۱۴﴾ كَمَثَلِ الَّذِیْنَ
مِنْ قَبْلِهِمْ قَرِیْبًا ذَاقُوْا وَبَالَ اَمْرِهِمْۚ وَلَهُمْ عَذَابٌ
اَلِیْمٌۚ ﴿۱۵﴾ كَمَثَلِ الشَّیْطٰنِ اِذْ قَالَ لِلْاِنْسَانِ اكْفُرْۚ فَلَمَّا كَفَرَ
قَالَ اِنِّیْ بَرِیْٓءٌ مِّنْكَ اِنِّیْٓ اَخَافُ اللّٰهَ رَبَّ الْعٰلَمِیْنَ ﴿۱۶﴾

---

آمت تہ ہیکن جنگ کرت کنہ دیوارن تہ دوسن ژھایہ، بَاْسُهُمْ بَیْنَهُمْ شَدِیْدٌ تمن پنہ پانہ وان سخت لڑائی تہ اختلاف مسلمانن مقابلہ چھنہ یم کنہی، تَحْسَبُهُمْ جَمِیْعًا وَّ قُلُوْبُهُمْ شَتّٰی ای بوزونہ ژہ چھوہکھ یم زانان متفق تہ کنی یہ چھو ظاہرہ پاٹھی حقیقتس اندر چھہ تہند دل بیون تہ الگ الگ چھلہ چھانگرہ گرفتار، ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ قَوْمٌ لَّا یَعْقِلُوْنَ یہ چھوامی وجہہ کہ تمن چھنہ دینچ عقل یوسہ یمن متفقہ تھوہا یمن بنی النضیر تہ منافقن ہنز چھہ اکھ اکھ مثالا بنی النضیر ہنز مثال چھہ كَمَثَلِ الَّذِیْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ قَرِیْبًا ذَاقُوْا وَبَالَ اَمْرِهِمْ وَلَهُمْ عَذَابٌ اَلِیْمٌ تمن لوکن ہنز ہش مثال یم یمن برونٹھ کمی کنہ کالا آس یمو دنیاءس اندر تہ پنہ نین بداعمالن ہیوند مزہ ڈچھہ بیہ آخرتس اندر تہ تہندہ خیطرہ چھو کڈر عذاب سپدہ وُن۔ تم گئے یہود بنی قینقاع تہوند قصہ چھواِ تھ پاٹھ کہ تموکر بدعہدی نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمن ۲ ہجریس اندر جنگ بدرہ پتہ تمو پھٹر ووعہد تمہ پتہ درای جنگ کرنہِ تتھ جنگس اندر سپد مغلوب ومقہور پتہ یلہ قلایہ منزہ درای نیبر تو پتہ آوسارنی گنڈ پھرنہ تو پتہ آوتہندہ خیطرہ عبداللہ بن اُبی منافق تم کرُ سخت زارہ پارہ دپن یم نیرن پانئے یمہ شہرہ منزہ چنانچہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم تموکر یہ کتھ منظور تو پتہ درای تم یہود مدینہ شریفہ منزہ تہِ واتِ ملکِ شامس منز اکس جایہ تتھ ازر عایت ونان چھہ یمن یہودن ہیوند سوروی مال وجایداد آو مال غنیمتک پاٹھ صحابہ صین اندر تقسیم کرنہ منافقن ہند حال تہ سپد یہی كَمَثَلِ الشَّیْطٰنِ اِذْ قَالَ لِلْاِنْسَانِ اكْفُرْ شیطانہ سنز مثال یلہ سوگوڈہ چھوونان انسانس کافر سپد، فَلَمَّا كَفَرَ قَالَ اِنِّیْ بَرِیْٓءٌ مِّنْكَ پس یلہ انسان امسند وننہ موجب کفرچ کانہہ کوماہ کرتِ کافر سپدان چھوامس چھوناوہ والان ناوِہ والتھ چھس ناوہ نمس وکہ دیوان تو پتہ چھو یہ

فَكَانَ عَاقِبَتَهُمَآ اَنَّهُمَا فِي النَّارِ خَالِدَيْنِ فِيْهَا ؕ وَ ذٰلِكَ
جَزٰٓؤُا الظّٰلِمِيْنَ ﴿۱۷﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اتَّقُوا اللّٰهَ وَلْتَنْظُرْ
نَفْسٌ مَّا قَدَّمَتْ لِغَدٍ ۚ وَاتَّقُوا اللّٰهَ ؕ اِنَّ اللّٰهَ خَبِيْرٌۢ
بِمَا تَعْمَلُوْنَ ﴿۱۸﴾ وَلَا تَكُوْنُوْا كَالَّذِيْنَ نَسُوا اللّٰهَ فَاَنْسٰىهُمْ
اَنْفُسَهُمْ ؕ اُولٰٓئِكَ هُمُ الْفٰسِقُوْنَ ﴿۱۹﴾ لَا يَسْتَوِيْٓ اَصْحٰبُ

---

انسان تمہ کس کنہ پیچھ نتیجس گرفتار سپدان یہ انسان چھو تمہ ساتہ شیطانس مدد منگان تمہ ساتہ پتھس سوونان مہ پتھنہ ژہ سیت کانہہ واسطہٕ بو چھس ژہ نشہِ الگ اِنِّیْٓ اَخَافُ اللّٰهَ رَبَّ الْعٰلَمِيْنَ بو چھس کھوژان خدایس یُس رب العالمین چھو، فَكَانَ عَاقِبَتَهُمَآ اَنَّهُمَا فِي النَّارِ خَالِدَيْنِ فِيْهَا پس چھو یمن دوشوٕن ہیوند انجام اِی زہ یم دوشوےٚ چھہ واتہ ؤنِ نار جہنمس اندر ہمیشہ ہمیشہ چھہ روزن یمن دوشوٕن تتھ اندر، وَذٰلِكَ جَزٰٓؤُا الظّٰلِمِيْنَ یہوی چھو ظالمن ہیوند سزاء شیطان اتھ پاٹھ انسانس چھوڈالان تہ گمراہ کران وقتہ وزہ چھس توپتہ دور ہیوان تہ ژلان اُتھےٚ پاٹھ کر تمو منافقو گوڈنی دِکھ بنو نضیرن کہ یوتھنہ توہ شہرہ منزہ نیریو توپتہ رود عین موقعس پتھ کھٹِت تمن دیو توکھ دھوکہ توپتہ گئے دوشوےٚ گرفتار بلا، يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اتَّقُوا اللّٰهَ وَلْتَنْظُرْ نَفْسٌ مَّا قَدَّمَتْ لِغَدٍ اے بایمانو توہِ بوزوہ کہ نافرمانن ہیوند انجام کیاہ سپد لہذا کھوژیو توہ خدایس توہِ اندرہ پرتھ اکھاہ وِچھن پگاہ قیامتہ خیطرہ کیاہ سامانہ چھو تم سوزمت یعنے رژن عملن اندر کریو کوشش یُسہ توٚہندہ خیطرہ سامان آخرت بنہٕ ییہ۔ اَتھ پاٹھ طاعات تہ اعمال صالحہ حاصل کرنس اندر تقوی و پرہیزگاری ہیوند حکم چھو اَتھےٚ پاٹھ چھو گنہو تہ پیچھ کامیو نشہِ پتھ روزنس اندر تہ توہ حکم کہ وَاتَّقُوا اللّٰهَ اِنَّ اللّٰهَ خَبِيْرٌۢ بِمَا تَعْمَلُوْنَ کھوژیو خدایس بے شک اللہ تعالیٰ اس پتھہ پور خبر توہندن کامین ہنز، وَلَا تَكُوْنُوْا كَالَّذِيْنَ نَسُوا اللّٰهَ فَاَنْسٰىهُمْ اَنْفُسَهُمْ توہ مہ بنیو تمن لوکن ہی یمو مشراو اللہ تعالیٰ سُند احکام بے پرواسپد تمو نشہِ چنانچہ احکام تراوتھ کریکھ تمہ کامہِ یمو نشہِ ممانعت آسکھ امیوک نتیجہ دراو کہ اللہ تعالیٰ ان مشراو تمن پننٕ

النَّارِ وَاَصۡحٰبُ الۡجَنَّةِ ؕ اَصۡحٰبُ الۡجَنَّةِ هُمُ الۡفَآئِزُوۡنَ ⑳
لَوۡ اَنۡزَلۡنَا هٰذَا الۡقُرۡاٰنَ عَلٰى جَبَلٍ لَّرَاَيۡتَهٗ خَاشِعًا
مُّتَصَدِّعًا مِّنۡ خَشۡيَةِ اللّٰهِ ؕ وَتِلۡكَ الۡاَمۡثَالُ نَضۡرِبُهَا
لِلنَّاسِ لَعَلَّهُمۡ يَتَفَكَّرُوۡنَ ㉑ هُوَ اللّٰهُ الَّذِىۡ لَاۤ اِلٰهَ

---

پان یعنے تموکرہ نہ تمہ کامہ یمو سیت تم پنہ نین پانن موکلاوہ ہن آخر تکہ عذابہ لِشہِ اُولٰٓئِكَ هُمُ الۡفٰسِقُوۡنَ تمے لوک کیا گئے نافرمان یمن چھونا فرمانی ہیوند سزا کھیون، پیٹھ آوذکر کرنہ دویہ قسمہ کین لوکن ہیوند حال اکھ قسم گو متقین تہ پرہیز گارن ہیوند، بیاکھ قسم نافرمانن تہ حکم نہ مانہ وینن ہیوند یموا اندرہ چھواکھ قسم جنتی، بیاکھ قسم جہنمی، لَا يَسۡتَوِىۡۤ اَصۡحٰبُ النَّارِ وَاَصۡحٰبُ الۡجَنَّةِ برابر چھنہ نارس اندر واتہ وئن تہ جنتس اندر واتہ وئن، اَصۡحٰبُ الۡجَنَّةِ هُمُ الۡفَآئِزُوۡنَ بلکہ چھہ جنتس اندر واتہ ونی کامیاب تہ رستہ گارنارہ والِ چھہ ناکام توہنز گژھ کوشش کرٔن جنتی بنہ نچ جہنمی بنہ نچ گژھنہ ہرگز کوشش کرٔن یمہ مفید تہ رژ نصیحژ چھہ توہ واتان قرآن مجیدہ کہ ذریعہ سو قرآن گوکہ لَوۡ اَنۡزَلۡنَا هٰذَا الۡقُرۡاٰنَ عَلٰى جَبَلٍ لَّرَاَيۡتَهٗ خَاشِعًا مُّتَصَدِّعًا مِّنۡ خَشۡيَةِ اللّٰهِ ہرگاہ اس نازل کرہ ہون یہ قرآن مجید گنہ کوہس پیٹھ توپتہ تہوہ ہواس تتھ کُوہس منز شعور وفہمک مادہ تہ بیہ آسہانہ تتھ اندر شہوات و خواہشاتن ہیوند مادہای انسانہ یقیناً وچھہ ہن ژہ سوکوہ تتھ گژھِ ہاژس بیہ گژھ ہنس چھلہ یعنے قرآن مجید چھُو درذاتِ خود تیو تہ مؤثر تہ قوی فاعل مگر انسانس چھہ بوجہ غلبہ شہوت سہ قابلیت تباہ گمژ یمہ سببہ تمس چھنہ قرآن مجیدک کانہہ اثر سپدان لہذا پزہ انسانس خداو پیغمبرہ سنز نافرمانی تراوت پنون قوۃِ شہوانی مغلوب کرِت فرمانبرداری خداورسول کرت طاعات و عباد توسیت پنون پان پاک کرن، وَتِلۡكَ الۡاَمۡثَالُ نَضۡرِبُهَا لِلنَّاسِ لَعَلَّهُمۡ يَتَفَكَّرُوۡنَ اس چھہ یمہ مثالہ تہ یم مضمون بیان کران لوکن ہندہ نفعہ خیطرہ یوتھ تم غور و فکر کرن او تان آیہ بیان کرنہ قرآن مجیدچ عظمت وئن چھہ بیان یوان کرنہ اللہ تعالےٰ سنز عظمت تہند یو اسماء حسنٰی وسیت، هُوَ اللّٰهُ الَّذِىۡ

إِلَّا هُوَ ۚ عَالِمُ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ ۖ هُوَ الرَّحْمَٰنُ الرَّحِيمُ ﴿٢٢﴾
هُوَ اللَّهُ الَّذِي لَا إِلَٰهَ إِلَّا هُوَ الْمَلِكُ الْقُدُّوسُ السَّلَامُ
الْمُؤْمِنُ الْمُهَيْمِنُ الْعَزِيزُ الْجَبَّارُ الْمُتَكَبِّرُ ۚ سُبْحَانَ اللَّهِ
عَمَّا يُشْرِكُونَ ﴿٢٣﴾ هُوَ اللَّهُ الْخَالِقُ الْبَارِئُ الْمُصَوِّرُ ۖ لَهُ
الْأَسْمَاءُ الْحُسْنَىٰ ۚ يُسَبِّحُ لَهُ مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ ۖ
وَهُوَ الْعَزِيزُ الْحَكِيمُ ﴿٢٤﴾

---

لَا إِلَٰهَ إِلَّا هُوَ سو پروردگار گو سوی لیس ورای نہ کانہہ اکھاہ چھو معبود آسنس قابل عَالِمُ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ هُوَ الرَّحْمَٰنُ الرَّحِيمُ سوی چھوزانن ؤول پوشیدہ چیز تہ نن چیز سوی چھہ سٹھاہ مہربان سوی چھو سٹھاہ رحمتہ وول هُوَ اللَّهُ الَّذِي لَا إِلَٰهَ إِلَّا هُوَ سوی پروردگار چھولیس ورای نہ کانہہ اکھاہ چھو معبود بنہ نس قابل۔ الْمَلِكُ الْقُدُّوسُ السَّلَامُ الْمُؤْمِنُ الْمُهَيْمِنُ الْعَزِيزُ الْجَبَّارُ الْمُتَكَبِّرُ سو چھو پادشاہ ساروی عیبو نشہ پاک گذشتہ زمانس اندر ساروی عیبو نقصانو نشہ پاک و سالم آئندہ زمانس اندر پنہ نین بندن چھو ساروی خوفناک چیز ونشہِ امن و امان دیوہ وَن پنہ نین بندن چھو ساروی خطرناک چیز ونشہِ راچھ کرہ ون زبردست تہ غالب چھو خرابی تہ نقصان پورہ کرہ ڈن چھو سٹھاہ عظمتہ وول چھہ سُبْحَانَ اللَّهِ عَمَّا يُشْرِكُونَ تہوند شان چھو کہ سو چھو منزّہ تہ پاک تمو ساروی کتھو نشہِ یمہ کتھہ لوک تس کُن لاگان چھہ هُوَ اللَّهُ الْخَالِقُ الْبَارِئُ الْمُصَوِّرُ لَهُ الْأَسْمَاءُ الْحُسْنَىٰ سوی چھہ معبود برحق سوروی پیدہ کرہ ون سوروی حکمت پیدہ کرہ ڈن پرت چیز س صورت و شکل عطا کرہ ڈن تس چھہ رت رِت ناو يُسَبِّحُ لَهُ مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ وَهُوَ الْعَزِيزُ الْحَكِيمُ ساری چیز یم آسمانن تہ زمین منز چھہ یم چھہ تہنز پاکی بیان کران سُوی چھُو زبردست تہ غالب کمال حکمتہ وول پس اُتھس باعظمت خدایہ سندین احکامن ہیوند تعمیل چھو سٹھاہ ضروری۔




بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَتَّخِذُوْا عَدُوِّيْ وَعَدُوَّكُمْ اَوْلِيَآءَ تُلْقُوْنَ

---

یلہ نبی کریمو صلی اللہ علیہ وسلم فتح مکہ کرنہ خیطرہ جہاد کرنگ ارادہ کر صحابہ صیبو اندرہ اک صاحبنہ
لیوکھ خط مکہ کین لوکن کہ حضرت رسولِ کریمؐ چھ عنقریب توہ پیٹھ حملہ کرنگ ارادہ کران ۔ امس
صاحبس اُوس ناو حاطب بن ابی بلتعہ جنگ بدرہ کیو صحابہ صیبو اندرہ اکھ صاحب یم آس اصلی یمنک
باشندہ مگر یمو آس مکہ معظمس منز سکونت اختیار کرمژ چنانچہ مول بوی اولاد اہل و عیال اوسکھ مکہ
شریفہ سی منز سوی خط اوسن دیو تمت اکس زنانہ اتھہ سہ آس سو خط ہتھ گژھان مکہ شریف نبی کر تمس
سپدو حیہ کہ ذریعہ یہ معلوم تم فرموو حضرت علی مرتضٰی اس بیہ کینژن صحابہ صیبن کہ توہِ نیریو فلال
جایہ سمکھیوہ توہ سہ زنانہ تمس نشہِ کریو سو خط وصول چنانچہ تم دُورے تس زنانہ پتہ تس نشہِ ٹرکھ سو خط
وصول گوڑہ تہاویوو تمہ زنانہ پوشیدے مگر پتہ کرکھ تس تلاشی تمہ اوس تہوومت سو خط کلس پیٹھ
مستس ولتھ بہرحال ان سو تمو کرکھ پیش نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمن ہندس خدمتس اندر تموانہ
نووناددتھ حضرت حاطب فرمووہس توہ کیازہ سوزوہ یہ خط مکہ کین لوکن ٹن تمو کر عرض واقعی
سوزمہ یہ خط مگر خدانہ کردہ مہ نہ حض سوزنہ یہ خط اسلامہ کہ مخالفتہ خیطرہ بلکہ مہ حض اوس یقین ک
اللہ تعالیٰ دیہ اسلامس بہرحال غلبہ توہ کرہ ضرور فتح عطا امہ خطہ سیت واتہ مہ اکھ نفعاہ تہ فائداہ کہ مک
ہک لوک روزن مہ نشہ ممنون و مشکور تمہ موکھہ واتہ ناون نہ میانس عیالس کانہہ تکلیفاہ نہ ضرراہ کیاز
مہ چھنہ تتہ کانسہ سیت کانہہ قرابتاہ تہ رشتہ داریاہ بلکہ چھس بو تتہ اکھ اجنبی تہ پردیسی شخصاہ اتھ حالس
اندکھوت حضرت عمرس سخت غصہ تمو کر عرض مہ دیو حض اجازت بو دمہ تمس حاطبس گردن نبی
کریم صلی اللہ علیہ وسلم فرمووس کہ یہ شخص چھو جنگ بدرہ کیو صحابہ صیبو اندرہ اللہ تعالیٰ ہن چھ
جنگ بدرہ کین لوکن سارنئ گنہن بخشایش کرمژ امی وقتہ سپد یمہ سورہ شریفک یم آیات کریمہ نازل
يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَتَّخِذُوْا عَدُوِّيْ وَعَدُوَّكُمْ اَوْلِيَآءَ اے بایمانو توہ مہ رٹیو کھ مکک کافر یم میان تہ توہ

إِلَيْهِم بِالْمَوَدَّةِ وَقَدْ كَفَرُوا بِمَا جَاءَكُم مِّنَ الْحَقِّ يُخْرِجُونَ الرَّسُولَ
وَإِيَّاكُمْ أَن تُؤْمِنُوا بِاللَّهِ رَبِّكُمْ إِن كُنتُمْ خَرَجْتُمْ جِهَادًا فِي سَبِيلِي وَ
ابْتِغَاءَ مَرْضَاتِي تُسِرُّونَ إِلَيْهِم بِالْمَوَدَّةِ وَأَنَا أَعْلَمُ بِمَا أَخْفَيْتُمْ وَمَا
أَعْلَنتُمْ وَمَن يَفْعَلْهُ مِنكُمْ فَقَدْ ضَلَّ سَوَاءَ السَّبِيلِ (۱) إِنْ

---

دشمن ڇھ پڻ دوست اگرچہ توہندين دلن منز نئے آسہ تميوک خيال تُلْقُونَ إِلَيْهِم بِالْمَوَدَّةِ مگر ظاہر چھو کران دوستی ہيوند برتاو تمن سيت تہ مہ کريو وَقَدْ كَفَرُوا بِمَا جَاءَكُم مِّنَ الْحَقِّ حالانکہ يُس پُز دين توہِ نشہِ ووت تتھ کر تمو صريح انکار يہ گيہ خدايس نسبت دشمنی، يُخْرِجُونَ الرَّسُولَ وَإِيَّاكُمْ أَن تُؤْمِنُوا بِاللَّهِ رَبِّكُمْ بيہ گئے يم لوک تمئے يمو پيغمبر صلی اللہ عليہ وسلم تہ توساری مسلمان پنہ نہ شہرہ اندرہ کڈہوہ رنگارنگ ايذا تہ تکليف واتہ ناوت محض يمہ کتھ سبہ کہ توہ کيازہ کروہ کُنس معبود برحقس پڑھ ليس توہِ سارنئ ہُند رُب چھو يہ گيہ توہ نسبت دُشمنی غرض اِتھين ذليل لوکن سيت گژھيا دوستی تہاوئن إِن كُنتُمْ خَرَجْتُمْ جِهَادًا فِي سَبِيلِي وَابْتِغَاءَ مَرْضَاتِي ہرگاہ توہ گرو منزہ درامت چھوہ ميانہِ وتہ اندر جہاد کرنہ خيطرہ بيہ ميان رضامندی ژھانڈنہ خيطرہ تلہ شوبيا توہِ کافرن ہنز رضامندی ژھانڈين توہ کروہ دشمنی سارنئ سيت ميانہ رضامندی خيطرہ وئن تمئ دشمن سيت دوستی ہيوند سلسلہ قايم کرن تہنز رضامندی ژھانڈنہ خيطرہ يمن دون کتھن چھنہ واٹھئ پانہ وان تُسِرُّونَ إِلَيْهِم بِالْمَوَدَّةِ توہ چھوہ زورہ زورہ کتھ متھ تمن سوزان دوستی ہنزہ چھ تہ پيغام گوڈہ چھہ تمن سيت دوستی تہاوئن يچھ تو پتہ پوشيدہ تہ کھٹتھ پيغام سوزن يہ چھوزيادے يچھ وَأَنَا أَعْلَمُ بِمَا أَخْفَيْتُمْ وَمَا أَعْلَنتُمْ حالانکہ مہ چھو تمن سارنئ چيزن ہيوند پورہ علم يم چيز توہ کُٹھہ چھوہ کران بيہ يم چيز توہ نن پاٹھ چھوہ کران اتھ کن نظر کرت تہِ پزہ ہانہ توہ تمن سيت دوستی ہيوند سلسلہ قايم کُرن، وَمَن يَفْعَلْهُ مِنكُمْ فَقَدْ ضَلَّ سَوَاءَ السَّبِيلِ ليس اکھاہ توہِ منزہ اُژھہ حرکت کرہ پس بتحقيق سوڈول سيزہ وتہِ نشہِ ڈلہ وئين ہيوند انجام تہ عاقبت چھوتوہِ معلومئ تم مہ زانيو کھ توہ دوست بلکہ چھہ تم توہند تتھئ دُشمن کہ إِن يَثْقَفُوكُمْ

يَثْقَفُوكُمْ يَكُونُوا لَكُمْ أَعْدَاءً وَيَبْسُطُوا إِلَيْكُمْ أَيْدِيَهُمْ وَأَلْسِنَتَهُمْ
بِالسُّوءِ وَوَدُّوا لَوْ تَكْفُرُونَ ﴿٢﴾ لَنْ تَنْفَعَكُمْ أَرْحَامُكُمْ وَلَا أَوْلَادُكُمْ ۚ
يَوْمَ الْقِيَامَةِ ۚ يَفْصِلُ بَيْنَكُمْ ۚ وَاللَّهُ بِمَا تَعْمَلُونَ بَصِيرٌ ﴿٣﴾ قَدْ كَانَتْ لَكُمْ
أُسْوَةٌ حَسَنَةٌ فِي إِبْرَاهِيمَ وَالَّذِينَ مَعَهُ إِذْ قَالُوا لِقَوْمِهِمْ إِنَّا
بُرَآءُ مِنْكُمْ وَمِمَّا تَعْبُدُونَ مِنْ دُونِ اللَّهِ كَفَرْنَا بِكُمْ وَبَدَا بَيْنَنَا

---

**يَكُونُوا لَكُمْ أَعْدَاءً** هر گاه تمن لوکن توهِ پيٺ موقعه لڳي ته فورًا اوان تم پنهنجن دشمني توهِ سيت **وَيَبْسُطُوا إِلَيْكُمْ أَيْدِيَهُمْ وَأَلْسِنَتَهُمْ بِالسُّوءِ** بيه مڙ راون توهِ ضرر وائتاونه خيطره پنهنجن اته ته پنهنه زيوه يه گودنيوی ضرر تهوندني ضرر تهوندگو **وَوَدُّوا لَوْ تَكْفُرُونَ** تمن چهو تمناکه توه ته گڙ هيو کافر سپدن اُتهي لوکه چهادوستي قابل اگر توه اظهار دوستي کرنه اندره پنهنه اهل وعيالک خيال چهو تهه متعلق بوزيوواره که **لَنْ تَنْفَعَكُمْ أَرْحَامُكُمْ وَلَا أَوْلَادُكُمْ يَوْمَ الْقِيَامَةِ** توهند رشته دار آشنا اولاد ته گبردن نه توهِ کانهه نفع ته فايده قيامتک دوه **يَفْصِلُ بَيْنَكُمْ** الله تعالیٰ ای کره توهِ منز فيصله تمه دوهه، **وَاللَّهُ بِمَا تَعْمَلُونَ بَصِيرٌ** الله تعالیٰ چهو توهنزه سارے کامه پوره دِچهان پس کره سوپرت کامهِ هيوند فيصله واره پاٹھ هر گاه توهنزه عمله آسن عذابس ته سزاءس قابل تمه عذابه نشهِ هيکونه موکلاو تهِ آشناو ته گهبر لهذا تمن هيوند رعايت کرن خدايه سندس حکمس نافرمانی کرنه سيت يه چهو ستهاه بيچه ته قابل مذمت **قَدْ كَانَتْ لَكُمْ أُسْوَةٌ حَسَنَةٌ فِي إِبْرَاهِيمَ وَالَّذِينَ مَعَهُ** ای مسلمانو توهنده خيطره اُوس اکه رُت نمونه پيروی کرنه خيطره ابراهيم عليه السلام بيه تم باايمان يم تمن سيت ايمان وطاعتس اندر شريک کار آس يمنے اته بارس اندر گوڑه کافرن سيت سوی برتاو کرون ييس ابراهيم عليه السلامن ته تهند يو تابعو کر۔ **إِذْ قَالُوا لِقَوْمِهِمْ إِنَّا بُرَآءُ مِنْكُمْ وَمِمَّا تَعْبُدُونَ مِنْ دُونِ اللَّهِ** يله تمو ساروی مختلف وقتن اندر پنه نس قومس دوپ اس چهه بيزار توهِ نشهِ بيه يمن هنزه توه پرستش کران چهوه معبود برحقس وَرای **كَفَرْنَا بِكُمْ وَبَدَا بَيْنَنَا وَبَيْنَكُمُ**

وَبَيْنَكُمُ الْعَدَاوَةُ وَالْبَغْضَاءُ أَبَدًا حَتَّىٰ تُؤْمِنُوا بِاللَّهِ وَحْدَهُ إِلَّا
قَوْلَ إِبْرَاهِيمَ لِأَبِيهِ لَأَسْتَغْفِرَنَّ لَكَ وَمَا أَمْلِكُ لَكَ مِنَ اللَّهِ
مِن شَيْءٍ ۖ رَّبَّنَا عَلَيْكَ تَوَكَّلْنَا وَإِلَيْكَ أَنَبْنَا وَإِلَيْكَ الْمَصِيرُ ④
رَبَّنَا لَا تَجْعَلْنَا فِتْنَةً لِّلَّذِينَ كَفَرُوا وَاغْفِرْ لَنَا رَبَّنَا ۖ إِنَّكَ أَنتَ

---

الْعَدَاوَةُ وَالْبَغْضَاءُ أَبَدًا حَتَّىٰ تُؤْمِنُوا بِاللَّهِ وَحْدَهُ اس ڇھ توهند تہ توهندين باطل معبودن هند منكر اسہ منزتہ توہ منز سپد عداوت تہ بغض زیادہ ظاہر یہ عداوت روزہ اسہ تہ توہِ منز ہمیشہ یوتتان نہ توہ کُنسی خدایس ایمان انیو تہ پڑھ کریو غرض ابراہیم علیہ السلامن تہ تہند یوتا بعو کٔر کافرن نِشہِ بالکل قطع تعلق صاف پاٹھ إِلَّا قَوْلَ إِبْرَاهِيمَ لِأَبِيهِ لَأَسْتَغْفِرَنَّ لَكَ وَمَا أَمْلِكُ لَكَ مِنَ اللَّهِ مِن شَيْءٍ لیکن ابراھیم علیہ السلامہ سنز تھ بُوسہ تمو فرماو پنہ نس مالس یمہ منزہ نتان چھوکہ تمن اوس تس سیت کنہ قسمہ تعلق باقی دوپس کہ بُومنگہ مغفرت چانہ خیطرہ خدایس امہ استغفارہ علاوہ چھنہ مہ اختیار خدایس نِشہِ کُنہ چیز س پیٹھ یہ چھنہ مہِ اتھہِ کہ بوکیاہ کرہ ناوہ یہ دعا ضرور قبول اِتہ ہیکہ نہ بنتھ کہ چانہ ایمان انہ ورای کیا پڑ اوت بوژہ عذابہ نِشہِ یوتوی بُوت اوس ابراہیم علیہ السلامن ونمت یمہ اندرہ بعضے لوکن مطلق استغفارہ فکرہ تر حالانکہ یتس چھ استغفارک بدلہ سوگو طلب ہدایت یمیوک پر تھ اکس اجازت چھوفی الواقع چھنہ سو قطع تعلق کرنس خلاف تہ کنہ دریہ پتہ کٔر ابراہیم علیہ السلامن دعا۔ رَّبَّنَا عَلَيْكَ تَوَكَّلْنَا وَإِلَيْكَ أَنَبْنَا وَإِلَيْكَ الْمَصِيرُ ای سانہ پروردگارہ کافرن اظہار عداوت کرنس اندر چھ اس ژے پیٹھ توکل کران ژی گن چھ اسی پر تھ معاملس اندر رجوع کران سون اعتقاد چھوکہ ژے گن چھو سارنئ پتولا کہ واتُن اتھ اعتقادس کُن نظر کرت یوسہ اسہِ کافرن نِشہِ بیزاری ظاہر کٔر سو کٔر دِلہ کہ ژکہ محض خلوصہ سان کِنہ دنیوی غرضہ ورای بیہ ہاوِنہ تہ تھیکنہ ورای رَبَّنَا لَا تَجْعَلْنَا فِتْنَةً لِّلَّذِينَ كَفَرُوا ای سانہ پروردگارہ اَسہِ مَتہِ کرتہ کافرن ہندہ ظلم و تشدد ک تختہ مشق اسہ کٔر ظاہر تہندہ باطل دینہ تہ باطل معبودان نِشہِ بیزاری وَنہ یو تھنہ تم اچ کسر کڈن اسہِ پیٹھ ظلم و تعدی کرنہ سیت وَاغْفِرْ لَنَا رَبَّنَا إِنَّكَ أَنتَ الْعَزِيزُ الْحَكِيمُ ای سانہ پروردگارہ بیہ کٔر اسہِ گنہن مغفرت سبے شک ژہ

الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ۝٥ لَقَدْ كَانَ لَكُمْ فِيْهِمْ اُسْوَةٌ حَسَنَةٌ لِّمَنْ كَانَ
يَرْجُوا اللّٰهَ وَالْيَوْمَ الْاٰخِرَ ؕ وَمَنْ يَّتَوَلَّ فَاِنَّ اللّٰهَ هُوَ الْغَنِيُّ الْحَمِيْدُ ۝٦ ع
عَسَى اللّٰهُ اَنْ يَّجْعَلَ بَيْنَكُمْ وَبَيْنَ الَّذِيْنَ عَادَيْتُمْ مِّنْهُمْ مَّوَدَّةً ؕ
وَاللّٰهُ قَدِيْرٌ ؕ وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ۝٧ لَا يَنْهٰىكُمُ اللّٰهُ عَنِ الَّذِيْنَ لَمْ
يُقَاتِلُوْكُمْ فِى الدِّيْنِ وَلَمْ يُخْرِجُوْكُمْ مِّنْ دِيَارِكُمْ اَنْ تَبَرُّوْهُمْ

---

چھُک زبردست حکمتہ وول ژے چھےٚ پرت قسمہ قُدرت یم زہ دعاو چھ پیٚٹھین دعاون ہند غرض و غایت اکھ غایت باعتبار دنیا بیاکھ غایت چھو باعتبار آخرت چنانچہ لاتجعلنا اس چھو تعلق دوشوٚین سیت لَقَدْ كَانَ لَكُمْ فِيْهِمْ اُسْوَةٌ حَسَنَةٌ لِّمَنْ كَانَ يَرْجُوا اللّٰهَ وَالْيَوْمَ الْاٰخِرَ بے شک تمن لوکن اندر چھو یعنے ابراہیم علیہ السلام تہ تہندین تابعی اندر توہندہ خیطرہ (یعنے تتھین لوکن ہندہ خیطرہ) رُت نمونہ یم لوک اعتقاد چھ تھاوان خدایس برونٹھ گن واتنوک بیہ قیامتک دوہ قایم سپد نُک وَمَنْ يَّتَوَلَّ فَاِنَّ اللّٰهَ هُوَ الْغَنِيُّ الْحَمِيْدُ یُس شخص یمہ حکمہ نِشہِ روگردانی کرہ تس واتہ پانس امیوک ضرر کیازہ اللہ تعالیٰ چھو بے نیاز تس چھنہ پروائنہ چیزک تس منز ساری کمالات جمع آسنہ موکھ چھو سوسزاوار حمد و ثناء سیٹھی تس چھنہ ضرورت مخلوقن ہندہ عبادژ امہ پتہ چھو اللہ تعالیٰ مسلمانن ہندہ تسلی خیطرہ بطور بشارت اکھ پیشین گوئی فرماوان عَسَى اللّٰهُ اَنْ يَّجْعَلَ بَيْنَكُمْ وَبَيْنَ الَّذِيْنَ عَادَيْتُمْ مِّنْهُمْ مَّوَدَّةً یہ کتھ چھنہ کنہ عجایب کہ اللہ تعالیٰ کرہ توہ منزہ بیہ تمن لوکن منز یمن سیت توہ مذہبی دشمنی چھ دوستی تہ محبتک سلسلہ قائم تہندہ مسلمان سپدنہ سیت کیازہ تمن یلہ اللہ تعالیٰ مُشرف بشرف اسلام سپدنُک توفیق دیہ دشمنی روزہ نہ کُنہ وَاللّٰهُ قَدِيْرٌ یہ چھنہ خدایس نِشہِ کُنہ دور کیازہ تس چھ پرتھ چیزس پیٹھ بڈ قدرت چنانچہ فتح مکک دوہ سپدِ واریاہ لوک پنہ نہ خوشی سیت مسلمان وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ازتان ہرگاہ کانسہ شخصس اتھ اندر خطا گومت چھو تہ وٚنۍ چھو سو تمہ خطا نشہ توبہ کران اللہ تعالیٰ چھو تسندہ حقہ سیٹھاہ مغفرت کرہ ون سیٹھاہ رحم کرہ ون لَا يَنْهٰىكُمُ اللّٰهُ عَنِ الَّذِيْنَ لَمْ يُقَاتِلُوْكُمْ فِى الدِّيْنِ وَلَمْ يُخْرِجُوْكُمْ مِّنْ دِيَارِكُمْ اَنْ

وَتُقْسِطُوْٓا اِلَيْهِمْ ۭ اِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الْمُقْسِطِيْنَ ⑧ اِنَّمَا يَنْهٰىكُمُ اللّٰهُ عَنِ
الَّذِيْنَ قٰتَلُوْكُمْ فِي الدِّيْنِ وَاَخْرَجُوْكُمْ مِّنْ دِيَارِكُمْ وَظٰهَرُوْا عَلٰٓي
اِخْرَاجِكُمْ اَنْ تَوَلَّوْهُمْ ۚ وَمَنْ يَّتَوَلَّهُمْ فَاُولٰۗىِٕكَ هُمُ الظّٰلِمُوْنَ ⑨
يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِذَا جَاۗءَكُمُ الْمُؤْمِنٰتُ مُهٰجِرٰتٍ فَامْتَحِنُوْهُنَّ ۭ
اَللّٰهُ اَعْلَمُ بِاِيْمَانِهِنَّ ۚ فَاِنْ عَلِمْتُمُوْهُنَّ مُؤْمِنٰتٍ فَلَا تَرْجِعُوْهُنَّ
اِلَى الْكُفَّارِ ۭ لَا هُنَّ حِلٌّ لَّهُمْ وَلَا هُمْ يَحِلُّوْنَ لَهُنَّ ۭ وَاٰتُوْهُمْ مَّآ

---

تَبَرُّوْهُمْ وَتُقْسِطُوْٓا اِلَيْهِمْ الله تعالیٰ ڇهنه توه منع كران تمن لوكن سيت احسان ته انصاف كرنك يمونه دينه كس معاملس اندر توه سيت لڑائی كربيه يمونه توه گرو منزه نيبر كڈوه تمن سيت احسانك ته انصافك برتاو كرن چهو جايز اِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الْمُقْسِطِيْنَ بے شك الله تعالیٰ چهو انصافك برتاو كره وين محبت تهاوان ته پسند كران اِنَّمَا يَنْهٰىكُمُ اللّٰهُ عَنِ الَّذِيْنَ قٰتَلُوْكُمْ فِي الدِّيْنِ وَاَخْرَجُوْكُمْ مِّنْ دِيَارِكُمْ وَظٰهَرُوْا عَلٰٓي اِخْرَاجِكُمْ البته الله تعالیٰ چهو صرف منع كران تمن كافرن سيت دوستی لاگنه نشه يمو توه سيت دينه سببه جنگ كرمت آسه بيه يمو توه پنه نيو گرو منزه نيبر كڈوه بيه يمو توهندس گرو منزه كڈنس مدد كرمُت آسه اَنْ تَوَلَّوْهُمْ ۚ وَمَنْ يَّتَوَلَّهُمْ فَاُولٰۗىِٕكَ هُمُ الظّٰلِمُوْنَ وِئن يم لوك تمن كافرن سيت دوستی لاگن تم چهه سخت گنه گار ته ظالم، يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِذَا جَاۗءَكُمُ الْمُؤْمِنٰتُ مُهٰجِرٰتٍ فَامْتَحِنُوْهُنَّ اى باايمانو يله توه نشه باايمان زنانه دارالحربه پيٹھ ہجرت كرِت واتان آسن توه آسيو تمن واقعی مسلمان آسنك امتحان كران، اَللّٰهُ اَعْلَمُ بِاِيْمَانِهِنَّ تهنده حقيقی باايمان آسنك پور علم چهو خدا اسی يوت، فَاِنْ عَلِمْتُمُوْهُنَّ مُؤْمِنٰتٍ فَلَا تَرْجِعُوْهُنَّ اِلَى الْكُفَّارِ پس ہرگاه توه امتحان كرِت معلوم سپد تهوند باايمان آسن پس مه سوزيو كهه تمه واپس كافرن كن كيازه۔ لَا هُنَّ حِلٌّ لَّهُمْ وَلَا هُمْ يَحِلُّوْنَ لَهُنَّ نه چهه تمه زنانه حلال تمن كافرن هنده خيطره نه چهه تم مرد حلال تمن كافر زنانن هنده خيطره، وَاٰتُوْهُمْ مَّآ اَنْفَقُوْا اته صورتس اندر يُس مهر وغيره تمو كافرو تمن زنانن پيٹھ خرچ كرمُت آسه هو كريو توه تمن ادا۔

أَنفَقُوا ۚ وَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ أَن تَنكِحُوهُنَّ إِذَا آتَيْتُمُوهُنَّ أُجُورَهُنَّ ۚ
وَلَا تُمْسِكُوا بِعِصَمِ الْكَوَافِرِ وَسْأَلُوا مَا أَنفَقْتُمْ وَلْيَسْأَلُوا مَا
أَنفَقُوا ۚ ذَٰلِكُمْ حُكْمُ اللَّهِ ۖ يَحْكُمُ بَيْنَكُمْ ۚ وَاللَّهُ عَلِيمٌ حَكِيمٌ ⑩
وَإِن فَاتَكُمْ شَيْءٌ مِّنْ أَزْوَاجِكُمْ إِلَى الْكُفَّارِ فَعَاقَبْتُمْ فَآتُوا
الَّذِينَ ذَهَبَتْ أَزْوَاجُهُم مِّثْلَ مَا أَنفَقُوا ۚ وَاتَّقُوا اللَّهَ الَّذِي
أَنتُم بِهِ مُؤْمِنُونَ ⑪ يَا أَيُّهَا النَّبِيُّ إِذَا جَاءَكَ الْمُؤْمِنَاتُ يُبَايِعْنَكَ

---

وَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ أَن تَنكِحُوهُنَّ إِذَا آتَيْتُمُوهُنَّ أُجُورَهُنَّ توہ چھنہ کا نہ گناہ تمن زنانن سیت نکاح کرنس اندریلہ توہ حسب قاعدہ تمن مہر دیو وَلَا تُمْسِكُوا بِعِصَمِ الْكَوَافِرِ ای مسلمانو توہ مہ تہاویو کافر زنانن سیت تعلقات باقی کیازہ یمہ زنانہ توہنزہ دار الحربس اندر روزہ کفرہ کسی حالتس پیٹھ توہندہ مسلمان سپدنہ سیت دار الاسلامس کُن ہجرت کرنہ سیت ژھیون سُو نکاح تو ہندوکن رُود نہ باقی توہند کانہہ تعلق تمن زنانن سیت وَسْأَلُوا مَا أَنفَقْتُمْ وَلْيَسْأَلُوا مَا أَنفَقُوا اتھ صورتس اندر یُس رقم توہ تمن زنانن ہندس مہرس اندر خرچ کرمُت آسِوہ سُو منگیو توہ تمن کافرن نشہِ اَتھے پاٹھہ یہ تمو خرچ کرمُت آسہِ سو منگن تم توہِ نشہِ۔ ذَٰلِكُمْ حُكْمُ اللَّهِ يَحْكُمُ بَيْنَكُمْ وَاللَّهُ عَلِيمٌ حَكِيمٌ یہ کنہِ اہ بیان آو کرنہ یہ چھو خدایہ سندہ حکم اَتھ کریو تعمیل سو معبود برحق چھوِ اُتھی مناسب فیصلہ توہ منز کران اللہ تعالیٰ چھو سٹھاہ زانہ دن سٹھاہ حکمتہ ودل تمی علم و حکمتہ موجب چھو احکام مقرر فرماوان وَإِن فَاتَكُمْ شَيْءٌ مِّنْ أَزْوَاجِكُمْ إِلَى الْكُفَّارِ بیہ ہر گاہ توہِ از دست گژھن توہنزِ زنانو اندرہ کانہہ زنانہ سوی واتہ کافرن نشہِ تمہ پتہ سپدہ نہ سُہ توہ دستیاب نہ سپدہ توہ تہوند مہر وغیرہ وصولیابی یُس توہِ تس پیٹھ خرچ کرمُت آسِوہ فَعَاقَبْتُمْ تو پتہ اُیہ توہ تمن کافرن سیت جنگ کرنک موقع تو پتہ کریو توہ تمن نشہ مال غنیمت وصول فَآتُوا الَّذِينَ ذَهَبَتْ أَزْوَاجُهُم مِّثْلَ مَا أَنفَقُوا پس دیو توہ تمن مسلمانن اَہنزہ زنانہ از دست گیہ تمہ مال غنیمتہ پیٹھ تیوت رقم یوت تمن خرچ گومت آسہِ تمن زنانن پیٹھ وَاتَّقُوا اللَّهَ الَّذِي أَنتُم بِهِ مُؤْمِنُونَ

عَلٰٓى اَنْ لَّا يُشْرِكْنَ بِاللّٰهِ شَيْـًٔا وَّلَا يَسْرِقْنَ وَلَا يَزْنِيْنَ وَلَا
يَقْتُلْنَ اَوْلَادَهُنَّ وَلَا يَاْتِيْنَ بِبُهْتَانٍ يَّفْتَرِيْنَهٗ بَيْنَ
اَيْدِيْهِنَّ وَاَرْجُلِهِنَّ وَلَا يَعْصِيْنَكَ فِيْ مَعْرُوْفٍ فَبَايِعْهُنَّ
وَاسْتَغْفِرْ لَهُنَّ اللّٰهَ ۭ اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ⑫ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ

---

بيو کوڙ پوتس خدا ليس ئيس تو پڙهه ڪرمڙ ڇهو تهندين حڪمن اندر مه تراويوئنه قسمه خلل امه پته ڇهو الله تعاليٰ نبي ڪريمس صلي الله عليه وسلم خطاب ڪرت فرماوان يٰٓاَيُّهَا النَّبِيُّ اِذَا جَاۗءَكَ الْمُؤْمِنٰتُ يُبَايِعْنَكَ اي پيغمبر يله مسلمان زنانه تو ولشه يمه غرضه خيطره حاضر سپدن ڪه تمه ڪياه ڪرن توه سيت بيعت يمن ڪتهن پيٺه عَلٰٓى اَنْ لَّا يُشْرِكْنَ بِاللّٰهِ شَيْـًٔا وَّلَا يَسْرِقْنَ وَلَا يَزْنِيْنَ وَلَا يَقْتُلْنَ اَوْلَادَهُنَّ ڪه شريڪ ٺهراون نه تمه معبود برحقس ڪانهه چيزاه بيه ڪرن نه ڙور بيه ڪرن نه فسق وفجور يعني زنانه بدڪاري بيه مارن نه پنه نين اولادن۔ وَلَا يَاْتِيْنَ بِبُهْتَانٍ يَّفْتَرِيْنَهٗ بَيْنَ اَيْدِيْهِنَّ وَاَرْجُلِهِنَّ بيه ٺهراون نه اپز اولاديس بنومت آسهِ تمو پنه نين اٿهن ته کورن منز باگ يعني بچه آسيکه حاصل ڪرمت فسق وفجور ڪرت بے سندي سوي لاگن خاوندس ڳن يا بيس زنانه هيوند اولادانن فند فريب ڪرت سوي لاگن پانس ڳن حديث شريفس منز ڇهو ڪه ييس بے سند بچه لاگه پانس ڳن يا ييس پنه نس مالس وراي لاگه پنون پان بيس شخصس ڳن تس پيٺه ڇهو جنت حرام وَلَا يَعْصِيْنَكَ فِيْ مَعْرُوْفٍ بيه ڪرن نه توهنز نافرماني ته مخالفت شرعه ڪس ڳنه حڪمس اندراتهه آسے ساري احڪام شريعت ليس هرگاه تمه زنانه يمن شرطن قبول ڪرن يمن هيوند اعتقاد شرط ايمان ڇهو يمن پيٺه پابندي سان عمل ڪرئن شرط ڪمال ايمان ڇهو فَبَايِعْهُنَّ وَاسْتَغْفِرْ لَهُنَّ اللّٰهَ تله ڪره ناويوکهه تمه زنانه بيعت بيه منگيو تهنده خيطره الله تعاليٰ اس مغفرت اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ بے شڪ الله تعاليٰ ڇهو سٺهاه مغفرت ڪرهون سٺهاه رحم ڪرهون يعني يله تمه زنانه يم احڪام زانن پنزِ ته واجب العمل تله زانيو کهه تمه زنانه مسلمان يهوي گوبهتڪ آيه ڪريمه نبي ڪريم صلي الله عليه وسلم نشهِ يله ڪانهه زنانه بيعت ڪرنه خيطره حاضر سپدان آس تس آس اتهه مضمونس پيٺه اقرار ڪره ناوان بيعت ڪرنه

# اٰمَنُوْا لَا تَتَوَلَّوْا قَوْمًا غَضِبَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ قَدْ يَىِٕسُوْا مِنَ الْاٰخِرَةِ كَمَا يَىِٕسَ الْكُفَّارُ مِنْ اَصْحٰبِ الْقُبُوْرِ ﴿١٣﴾

---

وِزہ اوسنہ کانسہ زنانہ ہیوند اتھ لگان تھندس دست مُبارکس سیت یمہ برونٹھ آیات کریمن منز فرماو اللہ تعالیٰ ان ممانعت مطلق کافرن سیت دوستی ہیوند تعلق تھاونہ لِئِہ امہ پتہ چھو فرماوان ممانعت یہودن سیت دوستی ہیوند تعلق تھاونہ لِئِہ یٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَتَوَلَّوْا قَوْمًا غَضِبَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ قَدْ يَىِٕسُوْا مِنَ الْاٰخِرَةِ كَمَا يَىِٕسَ الْكُفَّارُ مِنْ اَصْحٰبِ الْقُبُوْرِ اے بایمانو تمن لوکن سیتی مہ تھاویو دوستی یہوند تعلق یمن پیٹھ اللہ تعالیٰ ان غضب فرموویمنے یہود یمن ہنز کثرت مدینہ منورس منز آس تم چھہ آخرتہ کہ ثواب ذخیرہ لِئِہ نا امید تہ مایوس اِتھ پاٹھ کافر تم قبرن اندر دفن چھہ کرنہ آمت چھہ آخرتہ کہ خیر و ثوابہ لِئِہ مایوس تہ نا امید کیازہ قبرن اندر واتتھ چھو کافرن عالم آخرتک معاینہ سپدان یقین چھُک سپدان کہ سانہ خیطرہ نجاتچ کانہہ صور تھاہ چھنہِ اَتھے پاٹھ اوس یہودن پُور یقین کہ حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم چھہ بے شک پیغمبر آخر الزماں مگر دیدہ و دانستہ آس اِنکار کران لہذا چھہ یہودن تہ کافرن ہنز حالت نجاتہ نِشِہ مایوس اندر رَسنی۔



# سُوْرَةُ الصَّفِّ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ
سَبَّحَ لِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ ۚ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ﴿۱﴾
يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لِمَ تَقُوْلُوْنَ مَا لَا تَفْعَلُوْنَ ﴿۲﴾ كَبُرَ مَقْتًا
عِنْدَ اللّٰهِ اَنْ تَقُوْلُوْا مَا لَا تَفْعَلُوْنَ ﴿۳﴾ اِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الَّذِيْنَ
يُقَاتِلُوْنَ فِيْ سَبِيْلِهٖ صَفًّا كَاَنَّهُمْ بُنْيَانٌ مَّرْصُوْصٌ ﴿۴﴾

---

سَبَّحَ لِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ اللہ تعالیٰ سنز پاکی چھ بیان کران تم ساری مخلوق یم آسمانن اندر چھ یم زمینن اندر چھ سوی چھو سٹھاہ زبردست سٹھاہ حکمتہ وول وئن ئیس یو تھ عظمتہ وول تہ جلالہ وول آسہ تہنز گرٛھہ پرٛتھ حکمس اندر فرماں برداری کرٕنۍ جہاد تہ چھُو تہندیو حکمو اندرہ اکھ حکماہ ئیس ییتھ سورۂ شریفس منز ذکر کرنہ آمت چھُہ یمہ کہ نازل سپدنک سبب چھُو سپدمُت کہ اکہ دوہہ آس بعضے صحابہ صیب پانہ وان تذکرہ کران کہ ہرگاہ اسہِ معلوم سپدہ ہاتۍ ہہ عملاہ یو صہ خدا ئیس آسہا سٹھاہ ٹاٹھ سہ کرہ ہو اس تہ امہ برونٛہ آس بعضے صحابہ صیب جنگ اُحدس منز جہادہ نِشہِ واپس آمت۔ بیہ یمہ ساتہ جہادک حکم نازل سپد تمہ ساتہ اوس بعضے صحابہ صین پیٹھ گران گذریومت اتھ پیٹھ سپد نازل یم آیات کریمہ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لِمَ تَقُوْلُوْنَ مَا لَا تَفْعَلُوْنَ اے بایمانو ترٛہ کتھ کیازہ چھو کران ییتھہ پانہ عمل چھوہ کران كَبُرَ مَقْتًا عِنْدَ اللّٰهِ اَنْ تَقُوْلُوْا مَا لَا تَفْعَلُوْنَ اللہ تعالیٰ اس نِشہِ چھو تہنزہ ناراضگی ہیوند بوڈ سبب کہ توہہ ونیو تمہ کتھ یمن پیٹھ نہ پانہ عمل کریو اِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الَّذِيْنَ يُقَاتِلُوْنَ فِيْ سَبِيْلِهٖ صَفًّا كَاَنَّهُمْ بُنْيَانٌ مَّرْصُوْصٌ بے شک اللہ تعالیٰ چھو تمن لوکن پسند کران یم تہنزہ وتہ اندر تتھ پاٹھ جہاد کران چھہ صف دی دی خدایہ سندین دشمن سیت اِزن تم مجاہد چھہ آسان

وَاِذْ قَالَ مُوْسٰى لِقَوْمِهٖ يٰقَوْمِ لِمَ تُؤْذُوْنَنِيْ وَقَدْ تَّعْلَمُوْنَ اَنِّيْ رَسُوْلُ اللّٰهِ اِلَيْكُمْ ۖ فَلَمَّا زَاغُوْٓا اَزَاغَ اللّٰهُ قُلُوْبَهُمْ ۚ وَاللّٰهُ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الْفٰسِقِيْنَ ۝ وَاِذْ قَالَ عِيْسَى ابْنُ مَرْيَمَ يٰبَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ اِنِّيْ رَسُوْلُ اللّٰهِ اِلَيْكُمْ مُّصَدِّقًا لِّمَا بَيْنَ يَدَيَّ مِنَ التَّوْرٰىةِ وَمُبَشِّرًا

کارت ناگ تراونہ آمت دیوار ہی صفو منزہ پتھنہ اورہ یورڈلان تہ پتھ نیران تو ہے چھوہ ونان کہ اسے معلوم سپدہ ہاساروء عملو اندرۂ کوسہ عمل چھہ زیادہ ٹاٹھ اللہ تعالیٰ اس امہ چھہ یہے عمل جہاد کران خدایہ سنزہ وتہ اندرادہ کیازہ اوس توہ پیٹھ شاق گذران یلہ جہادک حُکم نازل سپدان اوس بیہ کیازہ ژجے وہ جنگ اُحدس منزٖ اُتھ چیز کرتھ وٕنؠ یہ ونن کہ اسے معلوم سپدہ ہاأحب الاعمال کوسہ چھہ اس تہ کرہ ہوسہ عمل یہ چھوژھوروی دعوی ای یوت اتھ پیٹھ چھوہ نہ توٕہ عمل کرمژ کافر چھہ مستحق قتل وقتال تہ جنگ وجدال امی موکھ کہ تم چھہ پروردگارہ سندین آیاتن اپژ زانان پیغمبرن ہنز مخالفت کران تمن ایذاء تہ تکلیف واتہ ناوان اِتھ مناسب چھو اللہ تعالیٰ موسیٰ علیہ السلام بیہ عیسیٰ علیہ السلام سند قصہ بیان فرماوان وَاِذْ قَالَ مُوْسٰى لِقَوْمِهٖ يٰقَوْمِ لِمَ تُؤْذُوْنَنِيْ وَقَدْ تَّعْلَمُوْنَ اَنِّيْ رَسُوْلُ اللّٰهِ اِلَيْكُمْ سو وقت تہ چھو قابل ذکر یلہ موسیٰ علیہ السلامن فرمود پنہ نس قومس ای میانہ قومہ مہ کیازہ چھوہ توہ ایذاء دیوان حالانکہ توٕہ چھو معلوم کہ بوٗ چھس خدایہ سُندہ طرفہ توٕہ کٕن سوزنہ آمت پیغمبر فَلَمَّا زَاغُوْٓا اَزَاغَ اللّٰهُ قُلُوْبَهُمْ ۚ وَاللّٰهُ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الْفٰسِقِيْنَ پس یلہ تم فہمائش کرت تہ ہجرسٕی پیٹھ روٗد ایذاء و مخالفت روٗدِ بدستور کران اللہ تعالیٰ ان تہ ڈال تھہندہ دل ہمیشہ خیطرہ پوز قبول کرنہ نِشہِ ہنہ ہنہ زیادہ اِتھ پاٹھ نافرمانی پیٹھ مداومت تہ ڈاڈ کرنہ سیت چھہ دلچ سیاہی زیادہ سپدان اللہ تعالیٰ سند دستور چھوکہ سو چھنہ اُتھین نافرمانن سیزٕ وتھ ہاوان اُتھے پاٹھ چھہ ازک کافر حضرت رسول کریمؐ سنز پرتھ رنگہ مخالفت کران ایذاء واتہ ناوان تمن تہ چھوروز بروز گمراہی تہ حسدس اندر ترقی سپدان پس آو عالمہ نِشہِ فساد تہ تباہی گالنہ خیطرہ مصلحتاً تمن جہاد وقتالک حُکم کرنہ وَاِذْ قَالَ عِيْسَى ابْنُ مَرْيَمَ يٰبَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ اِنِّيْ رَسُوْلُ اللّٰهِ اِلَيْكُمْ مُّصَدِّقًا لِّمَا بَيْنَ يَدَيَّ مِنَ التَّوْرٰىةِ اُتھے پاٹھ چھو سو وقت تہ قابل ذکر یلہ عیسیٰ بن مریم علیہ السلامن فرموو ای

بِرَسُوْلٍ يَّاْتِيْ مِنْۢ بَعْدِي اسْمُهٗۤ اَحْمَدُ ؕ فَلَمَّا جَآءَهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ قَالُوْا
هٰذَا سِحْرٌ مُّبِيْنٌ ۝٦ وَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ وَهُوَ
يُدْعٰۤى اِلَى الْاِسْلَامِ ؕ وَاللّٰهُ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ ۝٧ يُرِيْدُوْنَ
لِيُطْفِـُٔوْا نُوْرَ اللّٰهِ بِاَفْوَاهِهِمْ ؕ وَاللّٰهُ مُتِمُّ نُوْرِهٖ وَلَوْ كَرِهَ الْكٰفِرُوْنَ ۝٨

---

بنی اسرائیلو بو چھس خدایہ سند پیغمبر توہِ ٹُن سوزنہ آمت تصدیق کرہ ون چھس بو تتھ کتابہ یوسہ مہ برونٹھ نازل آمڑ چھہ کرنہ یعنے تورات وَمُبَشِّرًاۢ بِرَسُوْلٍ يَّاْتِيْ مِنْۢ بَعْدِي اسْمُهٗۤ اَحْمَدُ بیہ چھس بو خوش خبری تہ بشارت دیوہ ون اکس عظیم الشان پیغمبر سنز ئُس مہ پتہ تشریف انہ نام مبارک تھوند آسہِ احمد فَلَمَّا جَآءَهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ قَالُوْا هٰذَا سِحْرٌ مُّبِيْنٌ پس یلہ عیسیٰ علیہ السلام تمن نشہِ یم مضامین بیان کرت پنہ نہ نبوتہ کہ اثباتہ خیطرہ ننہ دلیلہ ہیت آی تم لوک لگ ونہِ تمن دلیلن تہ معجزن نسبت کہ یہ چھونون تہ صاف جود یعنے تھندس نبوتس لگ تکذیب تہ انکار کرنہِ اَتھے پاٹھ عیسیٰ علیہ السلامس پتہ یلہ پیغمبر آخر الزمان حضرت محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلمو تشریف اُن تمہ ساتہ لگ موجودہ عربک کافر تمن انکار و تکذیب کرنہ بیہ لگ تمن ایذاء تہ تکلیف واتہ ناونہ یہ گو ظلم عظیم امہ ظلمک مُہلک اثر واتہ نگ خطرہ اوس بین لوکن تہ سو خطرہ دور کرنہ خیطرہ آو مصلحتًا جہادک حُکم کرنہ وَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ وَهُوَ يُدْعٰۤى اِلَى الْاِسْلَامِ بیہ کوہ اکھاہ چھویژ ظالم تس شخصہ سندہ خوتہ یُس اللہ تعالیٰ اس پیٹھ اپز نور اوہ حالانکہ تس چھونا دعوت یوان کرنہ دین اسلامس کن نبوتس تکذیب تہ اِنکار کرنوی گو اللہ تعالیٰ اس پیٹھ اپز نوراون یتھ اللہ تعالیٰ ثابت چھو کران تتھ کرن نفی ہیتھ نفی چھو کران تہ کرن ثابت یہوی گو خدالیس پیٹھ اپز نوراون زیادہ افسوسناک کتھ چھہ کہ تس چھوناوتہ یوان دنہ اسلامس کُن توتہِ چھنہ سو تتھ کُن توجہ کران یہ گو زیادہ ظالم لاگن وَاللّٰهُ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ اللہ تعالیٰ چھنہ ظالم قومس کامیابی تہ نجاتس کن وتھ ہاوان امی خیطرہ تھندہ خیطرہ سزای قتالی تجویز کران اللہ تعالیٰ دیہ پزس غلبہ باطل سپدہ مغلوب يُرِيْدُوْنَ لِيُطْفِـُٔوْا نُوْرَ اللّٰهِ بِاَفْوَاهِهِمْ یم کافر چھہ یژہان خدایہ سند نور ژھتہ کرن پنہ نیو چانٹیو سیت پھُوکھ دِت یعنے تم چھہ ترٛشہ کتھہ کرنہ ہیوٚان یموسیت دین حقس

هُوَ الَّذِيْٓ اَرْسَلَ رَسُوْلَهٗ بِالْهُدٰى وَدِيْنِ الْحَقِّ لِيُظْهِرَهٗ عَلَى الدِّيْنِ
كُلِّهٖ ۙ وَلَوْ كَرِهَ الْمُشْرِكُوْنَ ۹ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا هَلْ اَدُلُّكُمْ عَلٰى تِجَارَةٍ
تُنْجِيْكُمْ مِّنْ عَذَابٍ اَلِيْمٍ ۱۰ تُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ وَتُجَاهِدُوْنَ
فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بِاَمْوَالِكُمْ وَاَنْفُسِكُمْ ۭ ذٰلِكُمْ خَيْرٌ لَّكُمْ اِنْ كُنْتُمْ
تَعْلَمُوْنَ ۱۱ يَغْفِرْ لَكُمْ ذُنُوْبَكُمْ وَيُدْخِلْكُمْ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا
الْاَنْهٰرُ وَمَسٰكِنَ طَيِّبَةً فِيْ جَنّٰتِ عَدْنٍ ۭ ذٰلِكَ الْفَوْزُ الْعَظِيْمُ ۱۲

---

فروغ تہ ترقی سپدہ ہانہ وَاللّٰهُ مُتِمُّ نُوْرِهٖ وَلَوْ كَرِهَ الْكٰفِرُوْنَ حالانکہ اللہ تعالیٰ چھو پننس اتھ نورس بہر حال پورہ کران تہ کمالس واتہ ناون یژھان اگرچہ کافرن ای تن تہِ ناخوشی هُوَ الَّذِيْٓ اَرْسَلَ رَسُوْلَهٗ بِالْهُدٰى وَدِيْنِ الْحَقِّ لِيُظْهِرَهٗ عَلَى الدِّيْنِ كُلِّهٖ وَلَوْ كَرِهَ الْمُشْرِكُوْنَ چنانچہ سو معبود برحق گو سوی یم اَمی اتمام نورہ خیطرہ سوزِ پنن پیغمبر محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلم ہدایتک سامان یعنے قرآن مجید ہیئت بیہ پوز دین یعنے دین اسلام ہیئت دنیاء س کُن یُوتھ اتھ دینس باقی تمام دینن پیٹھ غلبہ دیہ ای گوا تمام نور کرن ادہ اِی تن مُشرکن ناخوشی يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا هَلْ اَدُلُّكُمْ عَلٰى تِجَارَةٍ تُنْجِيْكُمْ مِّنْ عَذَابٍ اَلِيْمٍ ای بایمانو کیا بوماہاوہ توہِ تیوتھ کاروبارہ ترٹھ سوداگریاہ تیوتھ تجار تھاہ یُس توہِ نجات دیہ تہ بچاوہ اکہ دردناک عذابہ نشہ تُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ وَتُجَاهِدُوْنَ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بِاَمْوَالِكُمْ وَاَنْفُسِكُمْ سو گو یہی کہ توہ انیو ایمان بیہ کریو پڑھ کُنس خدالیس بیہ تھندس پیغمبرس بیہ کریو جہاد خدایہ سنزِ وتہ اندر مال پنن خرچ کرنہ سیت تہ جان پنن فدا کرنہ سیت ذٰلِكُمْ خَيْرٌ لَّكُمْ اِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ یہ چھو توہندہ خیطرہ ستھاہ رُت ہرگاہ توہ زانہیو یلہ توہِ یہ کریو يَغْفِرْ لَكُمْ ذُنُوْبَكُمْ وَيُدْخِلْكُمْ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ وَمَسٰكِنَ طَيِّبَةً فِيْ جَنّٰتِ عَدْنٍ ذٰلِكَ الْفَوْزُ الْعَظِيْمُ اللہ تعالیٰ کرہ مغفرت توہندین گنہن بیہ واتہ ناوہ توہِ جنتہ کین تمن باغن اندر یموبون رکن کولہ تہ نہرہ جاری آسن بیہ بساوہ توہ تمن رتین گرن اندر یم گرہ تہ مکان ہمیشہ پوشہ وِنین باغن اندر بنا کرنہ آسن آمت یہے گیہ بڈ کامیابی تہ رستہ گاری۔ وَاُخْرٰى تُحِبُّوْنَهَا ۭ نَصْرٌ مِّنَ اللّٰهِ وَفَتْحٌ قَرِيْبٌ

وَاُخْرٰی تُحِبُّوْنَهَا ؕ نَصْرٌ مِّنَ اللّٰهِ وَفَتْحٌ قَرِیْبٌ ؕ وَبَشِّرِ الْمُؤْمِنِیْنَ ﴿۱۳﴾
یٰۤاَیُّهَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا كُوْنُوْۤا اَنْصَارَ اللّٰهِ كَمَا قَالَ عِیْسَی ابْنُ مَرْیَمَ
لِلْحَوَارِیّٖنَ مَنْ اَنْصَارِیْۤ اِلَی اللّٰهِ ؕ قَالَ الْحَوَارِیُّوْنَ نَحْنُ اَنْصَارُ
اللّٰهِ فَاٰمَنَتْ طَّآئِفَةٌ مِّنْۢ بَنِیْۤ اِسْرَآءِیْلَ وَكَفَرَتْ طَّآئِفَةٌ ۚ
فَاَیَّدْنَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا عَلٰی عَدُوِّهِمْ فَاَصْبَحُوْا ظٰهِرِیْنَ ﴿۱۴﴾ ع

---

وَبَشِّرِ الْمُؤْمِنِیْنَ بیہ چھ امہ اُخروی کامیابی علاوہ توہندہ خیطرہ بیاکھ دنیوی کامیابی یوصہ جلدی پنہ نہ مُوکھ توہِ پسند تہ محبوب چھہ سہٕ گیہ پروردگارہ سندہ طرفہ یاری تہ مددگاری بیہ نزدیک فتحیابی ای پیغمبر برحق توہ فرماویو یمن سارنئ چیزن ہنز بشارت تہ خوش خبری باایمانن امہ خوشخبری ہیوند ظہور سپدان اُولی کین مسلمانن سیت تیچ سارنئ خبر چھہ ازکہ وقتہ تیٔ مسلمان وَژِھ و آنجہِ صحیح معنین اندر ایمان تہ جہاد فی سبیل اللہ اس اندر قائم روزن تہندہ خیطرہ تہ چھہ فتح ونصرت پرتھ وقتہ سیت سیت امہ پتہ چھو اللہ تعالیٰ عیسیٰ علیہ السلام سندین حوارِیین ہیوند قصہ بیان کرت باایمانن دِنیس مدد کرنک ترغیب دیوان یٰۤاَیُّهَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا كُوْنُوْۤا اَنْصَارَ اللّٰهِ ای باایمانو توہ سپدیو پروردگارہ سند دِینک مددگار تمہ طریقہ یُس توہندہ خیطرہ مُقرر کرنہ آمت چھو سو گو جہاد اتھ پاٹھ حوارئین پنہ نہ طریقہ موجب دینک مددگار سپد یلہ عیسیٰ علیہ السلامس بکثرت دشمن وتلتھ ای كَمَا قَالَ عِیْسَی ابْنُ مَرْیَمَ لِلْحَوَارِیّٖنَ مَنْ اَنْصَارِیْۤ اِلَی اللّٰهِ قَالَ الْحَوَارِیُّوْنَ نَحْنُ اَنْصَارُ اللّٰهِ تمہ پتہ اِتھہ پاٹھ عیسیٰ علیہ السلامن فرموو حوارِین کہ میون مددگار کوہ بنہ خدایہ سندہ رضاخیطرہ توہ اندرہ حواریو دپ اس چھہ خدایہ سندہ دِینک مددگار چنانچہ تمو حواریو کرپنہ نِس دِنیس مدد تمہ کہ اشاعچ کرکھ پورکوشش تمہِ تہنزِہ کوششہ پتہ فَاٰمَنَتْ طَّآئِفَةٌ مِّنْۢ بَنِیْۤ اِسْرَآءِیْلَ وَكَفَرَتْ طَّآئِفَةٌ پس ان ایمان بنی اسرائیلو اندرہ بعضے لوکو بعضے لوک روو کفرسیٔ پیٹھ توپتہ سپدُ تمن منز مذہبی اختلافہ سببہ عداوت تہ خانہ جنگی فَاَیَّدْنَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا عَلٰی عَدُوِّهِمْ فَاَصْبَحُوْا ظٰهِرِیْنَ پس کراسہ مدد تمو اندرہ باایمانن تہندین دشمن پیٹھ پس سپد تمۓ غالب تِتھے پاٹھ کریو توہِ تہ دِین محمدی خیطرہ کوشش تہ جہاد ای باایمان مسلمانو۔




بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

يُسَبِّحُ لِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ الْمَلِكِ الْقُدُّوْسِ الْعَزِيْزِ
الْحَكِيْمِ ① هُوَ الَّذِيْ بَعَثَ فِي الْاُمِّيّٖنَ رَسُوْلًا مِّنْهُمْ يَتْلُوْا عَلَيْهِمْ اٰيٰتِهٖ
وَيُزَكِّيْهِمْ وَيُعَلِّمُهُمُ الْكِتٰبَ وَالْحِكْمَةَ ۗ وَاِنْ كَانُوْا مِنْ قَبْلُ لَفِيْ ضَلٰلٍ
مُّبِيْنٍ ② وَّاٰخَرِيْنَ مِنْهُمْ لَمَّا يَلْحَقُوْا بِهِمْ ۗ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ③ ذٰلِكَ

---

يُسَبِّحُ لِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ الْمَلِكِ الْقُدُّوْسِ الْعَزِيْزِ الْحَكِيْمِ الله تعالىٰ سنڌي پاڪي ڇھ بيان ڪران تم ساري چيزيم آسمانن اندر ڇھ بيه تم ساري چيزيم زمين منز ڇھ سوي ڇھو بوڈ پادشاه منزه ته پاڪ ساروي عيبو نشہِ سوي ڇھو سٹھاه زبردست سٹھاه حڪمت وول، هُوَ الَّذِيْ بَعَثَ فِي الْاُمِّيّٖنَ رَسُوْلًا مِّنْهُمْ يَتْلُوْا عَلَيْهِمْ اٰيٰتِهٖ وَيُزَكِّيْهِمْ وَيُعَلِّمُهُمُ الْكِتٰبَ وَالْحِكْمَةَ سوگو سوي پروردگار يم عربه ڪين ان پڑ لوڪن ڪن سوز پيغمبر تهندي قومہ منزه يعنے عربي يُس پيغمبر پران ته بوزه ناوان ڇھو تمن الله تعالىٰ سند آيات بيه ڇھڪ باطل عقايدو نشہ پڇھ اخلاقو نشہِ پاڪ ڪران بيه ڇھڪ ڇھنا وان خدايه سنز ڪتاب بيه عقلہ هنزه ڪٿھ يتھ منز ساري علوم دينيه شامل سپد وَاِنْ كَانُوْا مِنْ قَبْلُ لَفِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ تم لوڪ آس تهنده مبعوث سپدنه برونٹھ نه گمراهي اندر يعنے شرڪس ته ڪُفرس اندر مبتلا، وَّاٰخَرِيْنَ مِنْهُمْ لَمَّا يَلْحَقُوْا بِهِمْ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ بيه سوزن يمن از ڪين لوڪن علاوه بين لوڪن ڪن ته پيغمبر يم نه ونه تمن سيت شامل سپد مت ڇھ يا يمه موکھ ڪه ونه ڇھنه تمو اسلام اُمت يا يمه موکھ ڪه ونه ڇھنه تم پيدے سپد مت اتھ منز آئي تهندي ساري اُمتي يم قيامتس تان پيده سپدون ڇھه عربڪ ته عجمڪ ته سوي پروردگاره ڇھو زبردست حڪمت وول تمئي سوز پنه نه قدرت وحڪمت سيت يو تھ جليل القدر پيغمبر۔ ذٰلِكَ فَضْلُ اللّٰهِ يُؤْتِيْهِ مَنْ يَّشَآءُ تمس پيغمبر برحقه سنده ذريعه ڪفرو شرڪه گمراهي منزه ڪڈن ڪتاب وحڪمت ته هدايه ڪس نورس ڪن واته ناون يه ڇھو خدايه

فَضْلُ اللّٰہِ یُؤْتِیْہِ مَنْ یَّشَآءُ ؕ وَاللّٰہُ ذُو الْفَضْلِ الْعَظِیْمِ ﴿۴﴾ مَثَلُ
الَّذِیْنَ حُمِّلُوا التَّوْرٰىۃَ ثُمَّ لَمْ یَحْمِلُوْھَا کَمَثَلِ الْحِمَارِ یَحْمِلُ اَسْفَارًا ؕ
بِئْسَ مَثَلُ الْقَوْمِ الَّذِیْنَ کَذَّبُوْا بِاٰیٰتِ اللّٰہِ ؕ وَاللّٰہُ لَا یَھْدِی الْقَوْمَ
الظّٰلِمِیْنَ ﴿۵﴾ قُلْ یٰۤاَیُّھَا الَّذِیْنَ ھَادُوْۤا اِنْ زَعَمْتُمْ اَنَّکُمْ اَوْلِیَآءُ لِلّٰہِ

---

سند بوڈ فضل سویس یژھان چھو تس چھو یہ فضل عطا کران وَاللّٰہُ ذُو الْفَضْلِ الْعَظِیْمِ اللہ تعالیٰ چھو بوڈ فضلہ وول ہرگاہ سو سارنئ فضل پنون عطا کرہ تمسند س فضلس منز کمی پھنہ مگر سو چھو پنہ نہ حکمتہ سیت یس یژھان تس عطا کران یس یژھان تس محروم کران چنانچہ ناخواندہ یعنے اَن پَر جماعت تمن کران پنون فضل عطا تموان ایمان یہود واندرہ عالمن تہ پر متین ہنز جماعتھا تم سپد محروم امہ فضلہ نِشہِ مَثَلُ الَّذِیْنَ حُمِّلُوا التَّوْرٰىۃَ ثُمَّ لَمْ یَحْمِلُوْھَا کَمَثَلِ الْحِمَارِ یَحْمِلُ اَسْفَارًا مثال تمن لوکن ہنز یم تلنا ونہ آی تورات یعنے یمن حکم آیو کرنہ تورات موجب عمل کرئن تو پتہ تلنہ تمو سو یعنے تمہ موجب کرکھنہ عمل چھ تس کھرہ سنز مثال یم کتابن ہیوند بور تلمت آسہ تھر پیٹھ مگر تمن کتابن ہندہ نفعہ نِشہِ آسہِ محروم اُتھئے پاٹھ چھو اصل مقصد علمہ اندرہ عمل صرف تحصیل کرنچ تہ حفظ کرنچ محنت کرئن کتھ اَیہ بکاریلہ نہ عمل آسہِ کھرہ سنز مثال آیہ بیان کرنہ امی مُوکھ کہ کھرس برابر چھنہ جانورواندرہ کانہہ تہ بےوقوف امہ سیت سپز یہ ہن رٹ بے عمل عالمن ہنز بِئْسَ مَثَلُ الْقَوْمِ الَّذِیْنَ کَذَّبُوْا بِاٰیٰتِ اللّٰہِ سٹھاہ پچھ مثال چھ تمن لوکن ہنز یمو اپز زانت انکار کر خدایہ سندین آیاتن، اَتھہ پاٹھ یہود وکر وَاللّٰہُ لَا یَھْدِی الْقَوْمَ الظّٰلِمِیْنَ اللہ تعالیٰ چھنہ اُتھین ظالمن ہدایتک توفیق دیوان یہودن اندر آسہ تتھی ظالم کہ کتاب آس پران دلن اوسکھنہ کنہ تہ اثر سپدان کیازہ تم آس زانت کرت نبی آخرالزمانس نسبت حسد تہ عناد کران تمن ہرگاہ توراتچ پژھ آسہا تلہ کرہ ہن تمہ موجب عمل سو عمل کرئن گیوو کہ نبی برحقس صلے اللہ علیہ وسلم انہ ہن ایمان پس تھوند ایمان نہ انن چھو مستلزم توراتہ موجب عمل نہ کرنس اگر امہ باوجود تم ونن کہ اس چھ پروردگارہ سند مقبول بندہ۔ قُلْ یٰۤاَیُّھَا الَّذِیْنَ ھَادُوْۤا اِنْ

مِنْ دُوْنِ النَّاسِ فَتَمَنَّوُا الْمَوْتَ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ۝٦
وَلَا يَتَمَنَّوْنَهٗۤ اَبَدًا بِمَا قَدَّمَتْ اَيْدِيْهِمْ ؕ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌۢ بِالظّٰلِمِيْنَ ۝٧
قُلْ اِنَّ الْمَوْتَ الَّذِيْ تَفِرُّوْنَ مِنْهُ فَاِنَّهٗ مُلٰقِيْكُمْ ثُمَّ تُرَدُّوْنَ
اِلٰى عٰلِمِ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ فَيُنَبِّئُكُمْ بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ۝٨ يٰۤاَيُّهَا
الَّذِيْنَ اٰمَنُوْۤا اِذَا نُوْدِيَ لِلصَّلٰوةِ مِنْ يَّوْمِ الْجُمُعَةِ فَاسْعَوْا اِلٰى
ذِكْرِ اللّٰهِ وَذَرُوا الْبَيْعَ ؕ ذٰلِكُمْ خَيْرٌ لَّكُمْ اِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ۝٩ فَاِذَا

---

زَعَمْتُمْ اَنَّكُمْ اَوْلِيَآءُ لِلّٰهِ مِنْ دُوْنِ النَّاسِ فَتَمَنَّوُا الْمَوْتَ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ توہ فرماویو کھ یارسول اللہ ای یہودو ہر گاہ توہند دعوی چھو کہ توہی کیا چھو اللہ تعالیٰ سند دوست ساروی لوکو اندرہ تلہ کریو توہ امہ دعویٰ کہ تصدیقہ خیطرہ مُوتک تمنا ہر گاہ توہہ اتھ دعویٰ اس اندر پزیر چھو، وَلَا يَتَمَنَّوْنَهٗۤ اَبَدًا بِمَا قَدَّمَتْ اَيْدِيْهِمْ اس چھہ توہ اتھ سیت، اِتہ ونان کہ تم کرن نہ زانہہ تہِ موتک تمنا تمن چھہ نتھ تمن کامین ہندہ سزاء کھینچ یمہ کامہ تمو برونٹھ کن سوزہ مژہ چھہ کفر وانکار وعناد وغیرہ۔ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌۢ بِالظّٰلِمِيْنَ اللہ تعالیٰ اس چھو پور علم یمن ظالمن ہندہ حالک یمہ ساتہ مقدمک تاریخ واتھ قیامتک دوہ فرد جرم بوزہ ناوتھ اِکھ سزاء دنہ تمہ سزاء کہ وعدہ کہ تائیدہ خیطرہ، قُلْ اِنَّ الْمَوْتَ الَّذِيْ تَفِرُّوْنَ مِنْهُ فَاِنَّهٗ مُلٰقِيْكُمْ ثُمَّ تُرَدُّوْنَ اِلٰى عٰلِمِ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ فرماویو کھ توہ یہ کتھ نہ کہ یمہ موتہ نشہ توہ ژلان چھوہ سو موت سمکھ توہ ضرور کہ تتہ اکہ دوہہ توپتہ اِیو توہِ واتہ ناونہ تس پروردگارس نشہِ یس سوروی پوشیدہ تہ نن زانہ ون چھو فَيُنَبِّئُكُمْ بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ توپتہ باوِدہ سو تہ سوروی یہ توہِ کران آسوہ دنیاء س اندر تمی موجب دیوہ سو توہِ سزاء۔ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْۤا اِذَا نُوْدِيَ لِلصَّلٰوةِ مِنْ يَّوْمِ الْجُمُعَةِ فَاسْعَوْا اِلٰى ذِكْرِ اللّٰهِ وَذَرُوا الْبَيْعَ ای با ایمانو یلہ بانگ آسہِ دنہ یوان نمازہ خیطرہ جمعہ کہ دوہہ جمعہ نمازہ خیطرہ تان آسیو فور اُلاُرن ہیوان توہِ خدایہ سندس یادس کُن یعنے نمازِ پرنس تہ خطبہ بوزنس کُن بیہ آسیو خرید و فروخت کرن یک دم تراوان بیہ تمہ سارے کامہ تراوان یمہ پتھ رٹہ ونہ آسن ادای جمعہ

قُضِيَتِ الصَّلٰوةُ فَانْتَشِرُوْا فِي الْاَرْضِ وَابْتَغُوْا مِنْ فَضْلِ اللّٰهِ
وَاذْكُرُوا اللّٰهَ كَثِيْرًا لَّعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ ﴿۱۰﴾ وَاِذَا رَاَوْا تِجَارَةً اَوْ لَهْوَا
انْفَضُّوْٓا اِلَيْهَا وَتَرَكُوْكَ قَآئِمًا ۭ قُلْ مَا عِنْدَ اللّٰهِ خَيْرٌ مِّنَ اللَّهْوِ
وَمِنَ التِّجَارَةِ ۭ وَاللّٰهُ خَيْرُ الرّٰزِقِيْنَ ﴿۱۱﴾ ع

لِہٰذا ذٰلِكُمْ خَيْرٌ لَّكُمْ اِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ سارے کامہ تراوت جمعہ نماز ہندوی سنز کرن چھو توہندہ خیطرہ زیادہ بہتر ہرگاہ توہ خبر آسہا کیازہ امیوک نفع تہ فائدہ چھو پوشہ ون خرید و فروخت وغیرہ کامین ہیوند نفع چھو فانی تہ نہ پوشہ ڈن وَاِذَا قُضِيَتِ الصَّلٰوةُ فَانْتَشِرُوْا فِي الْاَرْضِ وَابْتَغُوْا مِنْ فَضْلِ اللّٰهِ پس یلہ نماز جمعہ موکلان آسہ یعنے توہِ آسیو تمہ لِہٰذِ فارغ سپدان پس نیریو تہ پھیریوئس یوکن گژھن آسہٕ سوگژھن توکن بیہ ژھانڈیو تہ تلاش کریو خدایہ سند رزق مگر غفلتس منز مہ روزیو بلکہ وَاذْكُرُوا اللّٰهَ كَثِيْرًا لَّعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ اتھ حالس منز تہ کریو خدایہ سند یاد بکثرت یوتھ تمکہ برکتہ توہ رزق ژھانڈنس اندر کامیاب سپدیو ورنہ چھو بعضے لوکن ہیوند حال کہ وَاِذَا رَاَوْا تِجَارَةً اَوْ لَهْوَا انْفَضُّوْٓا اِلَيْهَا وَتَرَكُوْكَ قَآئِمًا تم یلہ وچھان چھہ کانہہ تجارت یا سو چیز یُس بیس طرفن گن ڈالان چھو تان چھہ تتھ طرفس کُن دوران توہِ چھہ تراون وتھدنی خطبہ پرنہ کس حالس اندر یہ چھو اَتھ پاٹھ واقع سپدمُت کہ اکہ جمعہ آس نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم خطبہ پران تمی وقتہ آو نبرہ پیٹھ اکھ تجارتی قافلہ غلہ ہیٔت تتھ قافلس سیت اوس اعلان کرنہ خیطرہ نقارہ واینہ یوان تمن دہن آس اتھ شہرس اندر اناج کمی یم لوک نماز جمعس شامل سپدنہ خیطرہ آمت آسِ تم آس خطبہ بوزان تمہ وقتہ اوس نماز جمعس منز تہ عید ہند پاٹھ خطبہ پتے یوان پرنہ لوکو آس نماز پر مژوئن آس تم خطبہ بوزان اتی یک نبر کن یہ قافلہ ڈُڈم وایان لوکو کور خیال کہ نماز چھہ ادا کرمژ ہرگاہ خطبہ بوزنۓ اس وتھو تتھ آسنہ کانہہ حرج اتی وتھ لوک تہ درای نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمن سیت رودِ صرف باہے صاحب یمن منز چہار یار صفاتہ بیہ کینہہ صاحب آس تمی ساتہ سپد یہ آیہ کریمہ نازل قُلْ مَا عِنْدَ اللّٰهِ خَيْرٌ مِّنَ اللَّهْوِ وَمِنَ التِّجَارَةِ وَاللّٰهُ خَيْرُ الرّٰزِقِيْنَ توہ فرماویو کھ یا رسول اللہ یس چیز اللہ تعالیٰ اس نِشہِ باعث ثواب تہ قرب چھو سو چھو امہ تماشہ خوتہ تہ امہ تجارتہ خوتہ بدرجہا بہتر افضل بیہ چھو اللہ تعالیٰ ساروی اندرہ بہتر روزی تہ رزق عطا کرہ ون۔

## سُوْرَۃُ الْمُنَافِقُوْن

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

إِذَا جَآءَكَ الْمُنٰفِقُوْنَ قَالُوْا نَشْهَدُ إِنَّكَ لَرَسُوْلُ اللّٰهِ ۘ وَاللّٰهُ يَعْلَمُ
إِنَّكَ لَرَسُوْلُهٗ ؕ وَاللّٰهُ يَشْهَدُ إِنَّ الْمُنٰفِقِيْنَ لَكٰذِبُوْنَ ۚ ① اِتَّخَذُوْٓا
أَيْمَانَهُمْ جُنَّةً فَصَدُّوْا عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ؕ إِنَّهُمْ سَآءَ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ②

---

إِذَا جَآءَكَ الْمُنٰفِقُوْنَ قَالُوْا نَشْهَدُ إِنَّكَ لَرَسُوْلُ اللّٰهِ یلہ توہ نشہِ منافق یوان چھہ دپان چھہ اس حض چھہ دلہ سیت گواہی دیوان کہ توہ چھو بے شک پیغمبر خدا یمن آیات کریمن ہیوند شان نزول چھو کہ اکس جنگس اندر سپز انصارن تہ مہاجرن منز ہرہ ہرہش تتھ اندر لگ منافقن ہیوند زیوٹھ عبداللہ بن ابی اشتعالس منزونہ نہِ انصارن کہ توہ چھوکھ یم پردیسی لوک ژوچہ کھیاوکھیاو خراب کرمت تہ تھن کھالت وِئن یلہ مدینہ شریفس منزواتو توہ کریو یمن مہاجرن خرچ دیون بند یم نیرن پانے تنگ سپدت یمہ شہرہ منزہ تہ پنہ نین ملکن گن گژھن بیہ لگ ونہ کہ اس چھہ عزتہ دال یم ذلت لدلوک کڈوکھ اس پنہ نہ شہرہ منزیہ کتھ امس منافقہ سنز بوز صحابہ صیبو اندر حضرت زید بن ارقمن تم آی تہ کرکھ عرض حضرت رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلم سندس خدمتس اندر تموان نادِت ابنِ اُبی تہ بیہ تمسند ہم خیال منافق توپتہ پُر ژھہک توہ آسوہ یمہ قسمچہ کتھ کران تم لگ قسم ہاوہاو صریح انکار کرنہ زید بن ارقمس گذر یوو سٹھاہ مشکل اِھوند اِنکار کرن تتھ موقعس پیٹھ سپد یم آیات کریمہ نازل وَاللّٰهُ يَعْلَمُ إِنَّكَ لَرَسُوْلُهٗ اللہ تعالیٰ اس چھہ یہ کتھ معلومی کہ توہ چھوہ تسند پیغمبر وَاللّٰهُ يَشْهَدُ إِنَّ الْمُنٰفِقِيْنَ لَكٰذِبُوْنَ باوجود آن چھو اللہ تعالیٰ گواہی دیوان کہ یم منافق چھہ یہ ونہ نس اندر بالکل اپزیر کہ اس چھہ دلہ سیت گواہی دیوان کیازہ تہنز سو گواہی چھہ محض زیوہ سیت دلہ کہ اعتقادہ نہ کینہہ تہ۔ اِتَّخَذُوْٓا أَيْمَانَهُمْ جُنَّةً فَصَدُّوْا عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ یمو لوکو چھو قسم ہاون کرمت اکھ سپراہ پنون مال وجان بچاونہ خیطرہ کیازہ اظہار کفرہ سیت ہنہ تہنز حالت تہ بین کافرن ہنز ہش یمن سیت تہ اِیہا جہاد کرتہ قتل وغارت کرنہ توپتہ

ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ اٰمَنُوْا ثُمَّ كَفَرُوْا فَطُبِعَ عَلٰى قُلُوْبِهِمْ فَهُمْ لَا يَفْقَهُوْنَ ③
وَاِذَا رَاَيْتَهُمْ تُعْجِبُكَ اَجْسَامُهُمْ ؕ وَاِنْ يَّقُوْلُوْا تَسْمَعْ لِقَوْلِهِمْ ؕ كَاَنَّهُمْ
خُشُبٌ مُّسَنَّدَةٌ ؕ يَحْسَبُوْنَ كُلَّ صَيْحَةٍ عَلَيْهِمْ ؕ هُمُ الْعَدُوُّ فَاحْذَرْهُمْ ؕ
قٰتَلَهُمُ اللّٰهُ ۫ اَنّٰى يُؤْفَكُوْنَ ④ وَاِذَا قِيْلَ لَهُمْ تَعَالَوْا يَسْتَغْفِرْ لَكُمْ رَسُوْلُ

---

چھواِ اَہنزہ اتھ لازمی خرابی سیت بیاکھ متعدی خرابی تہِ کہ تم چھہ بین لوکن تہِ خدایہ سنزہ وتہ کُن ینہ نشہِ پتھ رٹان اِنَّهُمْ سَآءَ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ بے شک اَہنزہ کامہ چھہ سٹھاہ خراب، ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ اٰمَنُوْا ثُمَّ كَفَرُوْا فَطُبِعَ عَلٰى قُلُوْبِهِمْ فَهُمْ لَا يَفْقَهُوْنَ تمن نسبت یہ حُکم چھو یتھ کُن نظر کرت کہ تمو لوکو اُن ظاہرہ پاٹھ گوڈہ ایمان تو پتہ یلہ پنہ نین شیطانن نشہِ گئے تتہِ کریکھ بیہ کُفر چہ کامہ اتھ کُن نظر کرت آو حکم کرنہ اِنَّهُمْ سَآءَ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ یعنے اَہندس نفاقس کن نظر کرت امی نفاقہ کہ سببہ آیہ تہندین دلن پیٹھ مہر کرنہ پس چھنہ تمن پزٕ کتھ فکرہ ژان وَاِذَا رَاَيْتَهُمْ تُعْجِبُكَ اَجْسَامُهُمْ بیہ چھہ تم ظاہرہ پاٹھ پچھہ تہ مدرہ کتھہ کران چنانچہ یلہ ژہٕ وچھہ یک تم ظاہری شان و شوکت تہ قدو قامت وچھت پٔیے بوزنہ تم ژہ جان تہ دل پسند وَاِنْ يَّقُوْلُوْا تَسْمَعْ لِقَوْلِهِمْ بیہ یلہ تم کتھ ہین کرنہ سٹھاہ فصاحتہ تہ شیرینی سبہ روزکھ ژہ کن دارِت تہوند کلام بُوزنہ مگر یہ سوروی چھو نبر نبریٔ اندرنہ حقیقتاہ کِنہ تہ تمی چھو تہوند حال، كَاَنَّهُمْ خُشُبٌ مُّسَنَّدَةٌ زن تم مُونڈ چھہِ لبہ سیت ڈھکراوت آمت تہاونہ تنہ وتوشس اندر جان موٹ موٹ مگر اندرہ بے جان چونکہ ایمان واخلاصہ نشہِ چھہِ تم بالکل خالی امہ سببہ چھک پرتھ وقتہ اندیشہ تہ خطرہ روزان کہ مسلمانن ماسپدہ سون حال معلوم کانسہ شخصہ سندہ اِطلاع دِنہ سیت یا اسہ متعلق وحی نازل سپدنہ سیت تم نیرن امہ سیت تہ کافرن ہند پاٹھ جہاد کرنہ امی خیالہ مُوکھ پھکھ پرت وقتہ نٹھ تہ تھر آسان تمی سببہ چھہ يَحْسَبُوْنَ كُلَّ صَيْحَةٍ عَلَيْهِمْ پرتھ مشورہ تہ کریکہ وزِہ ادہ آسن سویہ کُنہِ سببہ مگر تم چھہ خیال کران آیہ ما اسی کانہہ بلا یا وکرت هُمُ الْعَدُوُّ فَاحْذَرْهُمْ حقیقتس اندر چھہ تئے توہند دشمن لہذا بچیو تمن نشہِ ہشیار روزو پور تہنزٕ کنہ کتھ پیٹھ مہ آسیو اعتماد کران قٰتَلَهُمُ اللّٰهُ اَنّٰى يُؤْفَكُوْنَ اللہ تعالیٰ گالِن تمن کو تسا چھہِ دین حق ترواتھ دور ژلان تہندہ تکبر و شرارتچ کیفیت چھہ

اللّٰهِ لَوَّوْا رُءُوْسَهُمْ وَرَاَیْتَهُمْ یَصُدُّوْنَ وَهُمْ مُّسْتَكْبِرُوْنَ ۝۵ سَوَآءٌ
عَلَیْهِمْ اَسْتَغْفَرْتَ لَهُمْ اَمْ لَمْ تَسْتَغْفِرْ لَهُمْ ؕ لَنْ یَّغْفِرَ اللّٰهُ لَهُمْ ؕ اِنَّ
اللّٰهَ لَا یَهْدِی الْقَوْمَ الْفٰسِقِیْنَ ۝۶ هُمُ الَّذِیْنَ یَقُوْلُوْنَ لَا تُنْفِقُوْا
عَلٰی مَنْ عِنْدَ رَسُوْلِ اللّٰهِ حَتّٰی یَنْفَضُّوْا ؕ وَلِلّٰهِ خَزَآىِٕنُ السَّمٰوٰتِ
وَالْاَرْضِ وَلٰكِنَّ الْمُنٰفِقِیْنَ لَا یَفْقَهُوْنَ ۝۷ یَقُوْلُوْنَ لَىِٕنْ رَّجَعْنَاۤ
اِلَی الْمَدِیْنَةِ لَیُخْرِجَنَّ الْاَعَزُّ مِنْهَا الْاَذَلَّ ؕ وَلِلّٰهِ الْعِزَّةُ وَلِرَسُوْلِهٖ

---

یہے کہ وَاِذَا قِیْلَ لَهُمْ تَعَالَوْا یَسْتَغْفِرْ لَكُمْ رَسُوْلُ اللّٰهِ لَوَّوْا رُءُوْسَهُمْ یلہ وننہ چھو یوان تمن کہ پکیوا یو رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلم نشہ تم منگن مغفرت خدالیس تو ہندہ خیطرہ تم چھہ یہ بوزت پننہ کلہ پھران اِنکار کرنہ کس اندازس منز، وَرَاَیْتَهُمْ یَصُدُّوْنَ وَهُمْ مُّسْتَكْبِرُوْنَ تو ہو چھو کھ تم کہ تم چھہ نصیحت کرہ ونس نشہ بوتھ پھران تکبر کرِت تہندہ کفرچ حالت یلہ امہ قسمچ چھہ سَوَآءٌ عَلَیْهِمْ اَسْتَغْفَرْتَ لَهُمْ اَمْ لَمْ تَسْتَغْفِرْ لَهُمْ لہذا چھہ تہند حقہ دُوشوے کتھ برابر خواہ تو ہِ تہندہ خیطرہ مغفرت منگتو یا متہ منگتو، لَنْ یَّغْفِرَ اللّٰهُ لَهُمْ اللہ تعالےٰ کرنہ ہرگز تمن مغفرت اِنَّ اللّٰهَ لَا یَهْدِی الْقَوْمَ الْفٰسِقِیْنَ بے شک اللہ تعالیٰ چھنہ اَتھین نافرمان لوکن ہدایتک توفیق دیوان هُمُ الَّذِیْنَ یَقُوْلُوْنَ لَا تُنْفِقُوْا عَلٰی مَنْ عِنْدَ رَسُوْلِ اللّٰهِ حَتّٰی یَنْفَضُّوْا یم گئے تمے یم ونان چھہ کہ تو ہِ مہ کریوہن مہاجرن پیٹھ کنہ خرچ تا اینکہ تنگ دست سپدت ژلن یم پانئے یمہ شہر منزہ یہ ونن یہوند چھو محض جہالت کیازہ یمن چھنہ خبر کہ وَلِلّٰهِ خَزَآىِٕنُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَلٰكِنَّ الْمُنٰفِقِیْنَ لَا یَفْقَهُوْنَ خدایہ سندی چھہ آسمانن تہ زمین ہند ساری خزانہ لیکن منافقن چھنہ فکرہ تران یَقُوْلُوْنَ لَىِٕنْ رَّجَعْنَاۤ اِلَی الْمَدِیْنَةِ لَیُخْرِجَنَّ الْاَعَزُّ مِنْهَا الْاَذَلَّ یم منافق چھہ ونان اتہ کہ اس یلہ مدینس منز واپس واتو توت واتھ کڈہ ضرور عزتہ دول شخص ذلیل شخص یعنی اس کڈو کھ یم پردیسی لوک پننہ شہرہ منزہ نیبر یمن ہ مونہ اس بسنہ پننہ نس شہرس منز پنن پان کرکھ عزتہ وال مسلمان مہاجر کرکھ ذلتہ وال اتہ ونو کھ محض جہالتہ سبہ، وَلِلّٰهِ الْعِزَّةُ وَلِرَسُوْلِهٖ

وَلِلْمُؤْمِنِيْنَ وَلٰكِنَّ الْمُنٰفِقِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿٨﴾ ع يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا
لَا تُلْهِكُمْ اَمْوَالُكُمْ وَلَاۤ اَوْلَادُكُمْ عَنْ ذِكْرِ اللّٰهِ ۚ وَمَنْ يَّفْعَلْ ذٰلِكَ
فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْخٰسِرُوْنَ ﴿٩﴾ وَاَنْفِقُوْا مِنْ مَّا رَزَقْنٰكُمْ مِّنْ قَبْلِ اَنْ
يَّاْتِيَ اَحَدَكُمُ الْمَوْتُ فَيَقُوْلَ رَبِّ لَوْلَاۤ اَخَّرْتَنِيْۤ اِلٰۤى اَجَلٍ

---

وَلِلْمُؤْمِنِيْنَ وَلٰكِنَّ الْمُنٰفِقِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ بلکہ چھو عزت خاص اللہ تعالیٰ اس بالذات بیہ تہندس پیغمبرس بواسطہ تعلق باخدایہ چھو عزت مسلمانن بواسطہ تعلق باخداور سولِ خدا صلی اللہ علیہ وسلم مگر منافق چھنہ زانان یہ کتھ بلکہ چھو تمن نشہِ عزتک دار و مدار فانی تہ ناپایدار چیزن پیٹھ حضرت زید بن ارقمن یلہ اس عبداللہ بن ابی سنزہ یمہ کتھ بوز تم آی در خدمت حضرت رسولِ کریم صلی اللہ علیہ وسلم تموانہ نو وسونا د تھ تو پتہ پڑرھہ ہس تم کر قسم ہاوت صریح انکار لوکو ہٹ زید بن ارقمس دن طعنہ بیہ لگکھ کرنہ لسنہ تم سپد شرمندہ تہ نادم اتی یلہ سپد یم آیات کریمہ نازل نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمو فرموو زید بن ارقمس کہ خوش روز چون بوز پز رووا اللہ تعالیٰ ان يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تُلْهِكُمْ اَمْوَالُكُمْ وَلَاۤ اَوْلَادُكُمْ عَنْ ذِكْرِ اللّٰهِ اى باایمانو توہِ مہ کرِن آور تہ غافل مال تہ اولاد توہند یعنے دنیا خدایہ سندہ یادہ نشہِ تہ طاعتہ نشہ یعنی دینہ نشہِ مراد چھو کہ دنیاءس اندر مہ بڈیو تیوت کہ دینہ چن کامن اندر سپد یوہ خلل واقع، وَمَنْ يَّفْعَلْ ذٰلِكَ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْخٰسِرُوْنَ ئیس اکھاہ تہِ کرہ تم لوک سپدن ناکام تہ تاوان زد کیازہ دنیاءک نفع تہ فائدہ چھو سورہ ون تہ ختم گژھہ ون آخرتک ضرر چھو ہمیشہ روزہ ڈن طاعات و عباداتو اندرہ چھہ اکھ عبادت مال خرچ کرن خدایہ سنزن وتن اندر وَاَنْفِقُوْا مِنْ مَّا رَزَقْنٰكُمْ مِّنْ قَبْلِ اَنْ يَّاْتِيَ اَحَدَكُمُ الْمَوْتُ لہذا کریو خرچ تمہ مالہ اندرہ ئیس اسی توہ عطا کرمت چھو خدایہ سنزن وتن اندر توہِ اندرہ کانسہ مرنک وقت واتنہ برونٹھ فَيَقُوْلَ رَبِّ لَوْلَاۤ اَخَّرْتَنِيْۤ اِلٰۤى اَجَلٍ قَرِيْبٍ تمہ ساتہ لگہ دپنہ حسرت و تمنا پاٹھ اى میانہ پروردگارہ مہ کونہ دژابتھ ژہ مہلت تہ فرصت بیہ کنہ کالاہ تان فَاَصَّدَّقَ وَاَكُنْ مِّنَ الصّٰلِحِيْنَ تااینکہ ہؤ تہ کرہ ہا صدقات و خیرات بیہ بنہ ہاہؤ تہ نیکو کارو اندرہ مگر

قَرِيبٍ فَأَصَّدَّقَ وَأَكُن مِّنَ الصَّٰلِحِينَ ﴿١٠﴾ وَلَن يُؤَخِّرَ اللَّهُ
نَفْسًا إِذَا جَآءَ أَجَلُهَا ۚ وَاللَّهُ خَبِيرٌۢ بِمَا تَعْمَلُونَ ﴿١١﴾

---

تمسند یہ حسرت و تمنا کرن دیہ نہ لس کانہہ فائدہ کیازہ وَلَن يُؤَخِّرَ اللَّهُ نَفْسًا إِذَا جَآءَ أَجَلُهَا الله تعالیٰ چھنہ کانسہ اکس مُہلت دیوان یلہ عمر ختم سپد نس پیٹھ تمسندہ مرنگ وقت واتان چھو وَاللَّهُ خَبِيرٌۢ بِمَا تَعْمَلُونَ الله تعالیٰ اس چھہ پور خبر تمہ سارچی یہ توہِ کران چھوہ۔






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
يُسَبِّحُ لِلّٰهِ مَا فِى السَّمٰوٰتِ وَمَا فِى الْاَرْضِ ۚ لَهُ الْمُلْكُ وَلَهُ
الْحَمْدُ ۡ وَهُوَ عَلٰى كُلِّ شَىْءٍ قَدِيْرٌ ① هُوَ الَّذِىْ خَلَقَكُمْ
فَمِنْكُمْ كَافِرٌ وَّمِنْكُمْ مُّؤْمِنٌ ؕ وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ ②
خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ وَصَوَّرَكُمْ فَاَحْسَنَ صُوَرَكُمْ ۚ
وَاِلَيْهِ الْمَصِيْرُ ③ يَعْلَمُ مَا فِى السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَيَعْلَمُ

---

يُسَبِّحُ لِلّٰهِ مَا فِى السَّمٰوٰتِ وَمَا فِى الْاَرْضِ خدایہ سنز پاکی چھ بیان کران تم ساری چیز یم آسمانن اندر چھ بیہ یم چیز زمین اندر چھ لَهُ الْمُلْكُ وَلَهُ الْحَمْدُ وَهُوَ عَلٰى كُلِّ شَىْءٍ قَدِيْرٌ تہنزی چھ سلطنت بیہ شوبن تس ساری تعریف بیہ چھو سُوی پرتھ چیزس پیٹھ قدرتہ وول تمس یلہ اِتھ کمالک صفت چھ لہذا چھ تہنز اطاعت واجب بیہ چھ تہنز نافرمانی تہ معصیت پچھ هُوَ الَّذِىْ خَلَقَكُمْ فَمِنْكُمْ كَافِرٌ وَّمِنْكُمْ مُّؤْمِنٌ سوگو سوی ذات پاک یم توہ ساری پیدہ کریو تتھ کُن نظر کرت پزہ ہا توہہ سارنی تس پژھ کرنن تہ ایمان انن، تمہ باوجود چھ توہِ اندرہ بعض کافر بیہ چھ بعض با ایمان، وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ اللہ تعالیٰ چھو توہنزہ سارے کامہ ایمانچہ کامہ تہ کفرہ چہ کامہ تہ وُچھان پرتھ کامہ مناسب دیوہ سُو توہ جزا خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ تمی کر آسمان تہ زمین پیدہ بتدبیر تہ حکمت وَصَوَّرَكُمْ فَاَحْسَنَ صُوَرَكُمْ وَاِلَيْهِ الْمَصِيْرُ بیہ کرتمی توہند نقشہ تہ صُورت ای انسانو پس کرون سیٹھاہ رِت توہند نقش تہ توہنز صورت لتس کُن چھو پتو لاکہ سارنیٔ واتن يَعْلَمُ مَا فِى السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَيَعْلَمُ مَا تُسِرُّوْنَ وَمَا تُعْلِنُوْنَ سُو چھو زانان تمن سارنیٔ چیزن یم آسمانن اندر تہ زمین اندر چھ، بیہ چھو سو تم ساری چیز

مَا تُسِرُّوْنَ وَمَا تُعْلِنُوْنَ ؕ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ ۝۴
اَلَمْ يَاْتِكُمْ نَبَؤُا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ قَبْلُ ۫ فَذَاقُوْا وَبَالَ اَمْرِهِمْ
وَلَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ۝۵ ذٰلِكَ بِاَنَّهٗ كَانَتْ تَّاْتِيْهِمْ رُسُلُهُمْ
بِالْبَيِّنٰتِ فَقَالُوْٓا اَبَشَرٌ يَّهْدُوْنَنَا ۫ فَكَفَرُوْا وَتَوَلَّوْا وَّاسْتَغْنَى
اللّٰهُ ؕ وَاللّٰهُ غَنِيٌّ حَمِيْدٌ ۝۶ زَعَمَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اَنْ لَّنْ
يُّبْعَثُوْا ؕ قُلْ بَلٰى وَرَبِّيْ لَتُبْعَثُنَّ ثُمَّ لَتُنَبَّؤُنَّ بِمَا

---

زانان یم توہ پوشیدہ تہ کھٹت کران چھوہ بیہ یم چیز توہ نن پاٹھ کران چھوہ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ
اللہ تعالیٰ چھو دلن ہنزہ کتھ تان پور زانان یم ساری چیز چھہ منگان کہ توہ کریو تھنز اطاعت تہ فرماں
برداری اَلَمْ يَاْتِكُمْ نَبَؤُا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ قَبْلُ امہ علاوہ چھناواژ مژ توہہ تمن لوکن ہنز خبر یمو توہ
برونٹھ کُفر وانکار کرُ فَذَاقُوْا وَبَالَ اَمْرِهِمْ وَلَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ پس ژوہ تمو پنہ نین کامین ہنزہ سختی ہیو
ندمزہ دنیاس اندر بیہ چھو تمہ علاوہ تھندی خیطرہ آخرتس اندر دود تہ دگ نلہ ڈن عذاب ذٰلِكَ بِاَنَّهٗ
كَانَتْ تَّاْتِيْهِمْ رُسُلُهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ فَقَالُوْٓا اَبَشَرٌ يَّهْدُوْنَنَا فَكَفَرُوْا وَتَوَلَّوْا وَّاسْتَغْنَى اللّٰهُ یہ دنیاک وبال
تہ آخرتک عذاب چھو تمن امی مُوکھ کہ تمن نش آسِ یوان تھند پیغمبر واضح تہ نہ دلیلہ ہیث تم آس
تمن پیغمبرن نسبت ونان کہ کیا یم اسی ہی انسان ہاونہ آیہ و تھ تمن کیاہ فوقیت چھہ اسہ پیٹھ بہر حال تمو
کرُ کُفر تہ اعراض اللہ تعالیٰ تہ سپُد تمن نشہِ بے نیاز تم بُرنہ تھوند کانہہ پروان بلکہ کرُن تمن پنن قہر
وَاللّٰهُ غَنِيٌّ حَمِيْدٌ اللہ تعالیٰ چھو سارنی نشہِ بے نیاز تعریف کرنہ آمت تس چھنہ کانسہ ہنز ضرورت نہ
ہُرلیس لوکن ہنز طاعت و فرماں برداری سیت کِنہ نہ چھنیس لوکن ہنزہ نافرمانی سیت کنہ یم
فرمانبرداری کرن تمن چھو پانس تمیوک فائدہ یم نافرمانی کرن تمن چھو پانس تمیوک ضرر زَعَمَ
الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اَنْ لَّنْ يُّبْعَثُوْا اِنکار رسالتک پاٹھ چھہ یم کافر مرنہ پتہ بیہ زندہ سپدنس تہ اِنکار کران
دعوی چھہ کران کہ تم ین نہ بیہ دوبارہ قیامتک دوہ زندے کرنہ قُلْ بَلٰى وَرَبِّيْ لَتُبْعَثُنَّ ثُمَّ لَتُنَبَّؤُنَّ

عَمِلْتُمْ ؕ وَ ذٰلِكَ عَلَى اللّٰهِ يَسِيْرٌ ۷ فَاٰمِنُوْا بِاللّٰهِ وَ رَسُوْلِهٖ
وَ النُّوْرِ الَّذِيْٓ اَنْزَلْنَا ؕ وَ اللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ ۸
يَوْمَ يَجْمَعُكُمْ لِيَوْمِ الْجَمْعِ ذٰلِكَ يَوْمُ التَّغَابُنِ ؕ وَ مَنْ يُّؤْمِنْۢ بِاللّٰهِ
وَ يَعْمَلْ صَالِحًا يُّكَفِّرْ عَنْهُ سَيِّاٰتِهٖ وَ يُدْخِلْهُ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ
مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ خٰلِدِيْنَ فِيْهَآ اَبَدًا ؕ ذٰلِكَ الْفَوْزُ الْعَظِيْمُ ۹ وَ
الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَآ اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ النَّارِ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا ؕ

---

بِمَا عَمِلْتُمْ توہ فرماویو کھ یارسول اللہ مہ چھُو قسم پنہ نِس پروردگارہ سند کہ واقعی ایو توہ مرنہ پتہ بیہ پیدہ کرنہ تو پتہ اَیہ توہِ تہ سوروی باونہ یہ توہ کرمُت آسوہ دنیاء س اندر تو پتہ اَیہ توہ تموک سزاء دِنہ وَذٰلِكَ عَلَى اللّٰهِ يَسِيْرٌ بیہ یہ پیدہ کرن تہ جزاو سزاء دیون چھو اللہ تعالیٰ اس نشہِ کمال قدرت آسنہ موکھ بالکل سہل تہ آسان پس یلہِ اَتِ چیز چھہ منگان ایمانس فَاٰمِنُوْا بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ وَالنُّوْرِ الَّذِيْٓ اَنْزَلْنَا پس اینو توہ ایمان تہ کریو پڑھ معبود برحقس بیہ تہندس پیغمبر برحقس بیہ تتھ نورس یُس اسہِ نازل کرُیتھ قرآن مجیدس وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ اللہ تعالیٰ اس چھہ توہنزن سارنی کامین ہنز پور خبر يَوْمَ يَجْمَعُكُمْ لِيَوْمِ الْجَمْعِ ذٰلِكَ يَوْمُ التَّغَابُنِ بیہ پاویو سو دوہ ژیتس یمہ دوہہ توہ سارنیٔ جمع کرہ سو جمع سپدنہ کس دوہس منز سو گوسوی دوہ یتھ منز ظاہر سپدہ کم کیاہ زیون تہ کم کیاہ ہور باایمان زینن اتھ دوہس منز کافر منافق تہ مشرک ہارن امہ دوہہ چنانچہ وَمَنْ يُّؤْمِنْۢ بِاللّٰهِ وَيَعْمَلْ صَالِحًا يُّكَفِّرْ عَنْهُ سَيِّاٰتِهٖ یس اکھاہ ایمان انہ کُنس خدا یس بیہ کرہ رژہ عملہ اللہ تعالیٰ کرہ تس نشہِ دُور تسند گناہ وَيُدْخِلْهُ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ خٰلِدِيْنَ فِيْهَآ اَبَدًا بیہ واتہ ناوہ تس جنتہ کین تمن باغن اندر یمو منز جو یہ تہ کولہ پکان آسن یمن جنتن منز ہمیشہ ہمیشہ تمِ روزن ذٰلِكَ الْفَوْزُ الْعَظِيْمُ یہے گیہ بڈ کامیابی تہ رستہ گاری وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَكَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَآ اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ النَّارِ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا وَبِئْسَ الْمَصِيْرُ یمو لوکو کفر کرمُت آسہِ بیہ اسہِ سان آیات زانمت اپزِ تم لوک گئے دوزخک لوک تم روزن تتھ منز ہمیشہ سُہ چھ سیٹھاہ بچھ جایاہ

وَبِئْسَ الْمَصِيْرُ ﴿١٠﴾ مَآ اَصَابَ مِنْ مُّصِيْبَةٍ اِلَّا بِاِذْنِ اللّٰهِ ؕ وَمَنْ
يُّؤْمِنْۢ بِاللّٰهِ يَهْدِ قَلْبَهٗ ؕ وَاللّٰهُ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ ﴿١١﴾ وَاَطِيْعُوا اللّٰهَ وَ
اَطِيْعُوا الرَّسُوْلَ ۚ فَاِنْ تَوَلَّيْتُمْ فَاِنَّمَا عَلٰى رَسُوْلِنَا الْبَلٰغُ الْمُبِيْنُ ﴿١٢﴾
اَللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ؕ وَعَلَى اللّٰهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُؤْمِنُوْنَ ﴿١٣﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ
اٰمَنُوْٓا اِنَّ مِنْ اَزْوَاجِكُمْ وَاَوْلَادِكُمْ عَدُوًّا لَّكُمْ فَاحْذَرُوْهُمْ ۚ

---

تهنده اسه خيطره اِتهه پاڻهه كفر چهومانع سپدان آخرتج رسته گاري حاصل سپدنه نشهِ آتهه پاڻهه چهو مصيبتس اندر بوڈن مال ودولته چه فكره اندر روزن يازنانن ته اولادن سيت مشغول سپدت خدايه سنده ياده نشهِ غافل سپدن تهندين احكامن هنز تعميل كرنس اندر كوتاهي ته سُستي كرئن ته مانع سپدان آخرتچه فلاح درستگاري نشهِ لهذا اگرژهه مصيبتس متعلق يه خيال كرن كه مَآ اَصَابَ مِنْ مُّصِيْبَةٍ اِلَّا بِاِذْنِ اللّٰهِ كانهه مصيبتاه چهنه واتان كانسه اكس خدايه سنده حكمه وراي يه كتهه فكرِه تارت گرژهه مصيبتس پيٹهه صبر كرن راضي روزن خدايه سندس يزهنس وَمَنْ يُّؤْمِنْۢ بِاللّٰهِ يَهْدِ قَلْبَهٗ بيه يُس الله تعاليٰ اس چهو پور پژهه كران تسندس دلس چهو الله تعاليٰ وتهه هاوان صبرس ته رضائس كُن وَاللّٰهُ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ الله تعاليٰ چهو پرتهه چيزاه واره زانان كه كم كرٖ صبر ورضا اختيار كم كرٖنه اختيار پرتهه اكس چهو حسب حكمت جزاء و سزاديوان۔ وَاَطِيْعُوا اللّٰهَ وَ اَطِيْعُوا الرَّسُوْلَ خلاصه چهواِ زه پرتهه كامه اندر (مصيبت ته چهو تمو كاميو اندره اكهه كام) كريو فرمان برداري خدايه سنز بيه كريو فرمانبرداري پيغمبره سنز صلی الله عليه وسلم فَاِنْ تَوَلَّيْتُمْ فَاِنَّمَا عَلٰى رَسُوْلِنَا الْبَلٰغُ الْمُبِيْنُ هرگاه توه اطاعته نشهِ بۄ تهه پهريو كانهه پرواچهنه تموك تله تهاويو توه يادِيه كتهه كه سانس پيغمبرس چهومٹه صاف صاف پيغام سون واته ناوِن يُس تمو واته نوورته طريقه تمن چهنه كانهه نقصان ته ضرراتهه منز بلكه چهو بوڈ نقصان ته ضرراتهه منز توهِ پانس۔ اَللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ توهند گژهه واره زانن كه الله تعاليٰ اس وراي چهنه كانهه اكهاه معبود آسنس لايق پس زانيون سوي پزٖن معبود وَعَلَى اللّٰهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُؤْمِنُوْنَ باايمانن هيو ندگژهه مصيبتن اندر الله تعاليٰ سئ پيٹهه توكل

# وَاِنْ تَعْفُوْا وَتَصْفَحُوْا وَتَغْفِرُوْا فَاِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ⑭ اِنَّمَآ اَمْوَالُكُمْ وَاَوْلَادُكُمْ فِتْنَةٌ ؕ وَاللّٰهُ عِنْدَهٗۤ اَجْرٌ عَظِيْمٌ ⑮ فَاتَّقُوا

---

کرن۔ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْۤا اِنَّ مِنْ اَزْوَاجِكُمْ وَاَوْلَادِكُمْ عَدُوًّا لَّكُمْ فَاحْذَرُوْهُمْ اے بایمانو اِتھ پاٹھ توہ
حکم کرنہ آو کہ مصیبتن اندر گژھہ صبر کرون یوتھنہ بے صبری کرن مانع سپدہ توہ فلاح آخرتہ نشہِ اِتھے پاٹھ
چھوہ توہ حکم یوان کرنہ کہ نعمتن اندر مہ آسیو بوڈت گژھان کیازہ نعمتی اندر بوڈت گژھہت خدا یس نشہِ
غافل سپدون اَتہ چھو مانع سپدن آخرتک فلاح حاصل کرنہ نشہ لہذا گژھہ توہند خیال تھاون کہ توہنزہ
بعضے زنانہ بیہ بعضے اولاد چھہ توہند دشمن پس روزہ یو توہ تمن نشہ ہوشیار تھہندین تھین حکمن تہ فرمایشن
پیٹھ مہ کریو عمل بسا اوقات چھو انسان زنانن تہ اولادن ہندس محبتس اندر گرفتار گژھہت خدا یس تہ
خدایہ سندین حکمن مشراوان تھہندین تعلقاتن ہندہ سببہ وارہین گنہن ہیوند مرتکب سپدان یمہ سببہ سو
وارہ یمو چیزو نشہ محروم چھو سپدان زنانن تہ اولادن ہنزہ فرمائشہ تہ ناز بردار یہ چھنہ مردس سو گھئی
دیوان اتھ فکرہ اندر روزنہ سببہ چھنہ تس آخرت ژتیسیٔ پیوان یہ کتھ چھہ ظاہر کہ یوتھ عیال تہ امہ
قسمک شر باژیم اَیتہ نقصان عظیمک سبب بنن یم چھنہ حقیقتس اندر دوست ونہ تس سزاوار بلکہ چھہ تم
بدترین دشمن اَہنزہ دشمنی ہیوند چھنہ کنہ وقتہ احساس تہ سپدان تمی مُوکھ فرمو واللہ تعالیٰ ان کے امہ
قسمہ کین دشمن نشہِ روزیو ہوشیار سو طریق مہ کریو اختیار تمیوک نتیجہ یہ نیرہ کہ توہ کریو تھوند دنیاو
اخرت سنبھالنہ خیطرہ پنن دین و آخرت بُرباد مگر امیوک مطلب چھنہ کہ دنیاءس اندر چہ سارے
زنانہ تہ ساری اولادامی قسمک آسان بلکہ چھو واریاہ زنانہ تہ اولاد یم پنہ نین خاوندن تہ مالین چھہ دینہ
چن کامن اندر معین و مددگار بنان وَاِنْ تَعْفُوْا وَتَصْفَحُوْا وَتَغْفِرُوْا فَاِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ وئن ہرگاہ تمو
توہِ سیت دشمنی کر دینی یا دنیوی کانہہ نقصاناہ واتہ نوو تمیوک نتیجہ گژھنہ یہ نیرن کہ توہِ سپدیو تمن
انتقام ہیلس درپے تمن پیٹھ ہیو توہ کانہہ سختیاہ شروع کرئن یمہ سیت دنیاک نظام درہم برہم سپدہ بلکہ
اَیژھن توہ پِلہ تیژھن گژھہ توہنز عقلہ کوم ہیئت تھہندین قصورن تہ خطائن در گزر کرن تُہنزہ کوتاہیہ
معاف کرنہ یوتھ سُلوک تمن سیت ورتاونہ سببہ کرہ اللہ تعالیٰ توہندن گنہن مغفرت توہندس حالس
پیٹھ رحم کیازہ سو چھو سٹھاہ مغفرت کرہون اِنَّمَآ اَمْوَالُكُمْ وَاَوْلَادُكُمْ فِتْنَةٌ توہند مال تہ توہند اولاد چھہ

اللّٰهَ مَا اسْتَطَعْتُمْ وَاسْمَعُوْا وَاَطِيْعُوْا وَاَنْفِقُوْا خَيْرًا لِّاَنْفُسِكُمْ ؕ
وَمَنْ يُّوْقَ شُحَّ نَفْسِهٖ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُوْنَ ﴿١٦﴾ اِنْ
تُقْرِضُوا اللّٰهَ قَرْضًا حَسَنًا يُّضٰعِفْهُ لَكُمْ وَيَغْفِرْ لَكُمْ ؕ وَاللّٰهُ
شَكُوْرٌ حَلِيْمٌ ﴿١٧﴾ عٰلِمُ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ﴿١٨﴾ ع

---

توهنده آزمايش خيطره اکهه چيز اهيو تهه اس وچهو که کوه چهو مال واولادن هنز فکره منز بوڈتهه خدايه سند حکم مشراوان کوه چهويادتهاوان يُس شخص مال واولاد آستهه احکام خداوندی چهويادتهاوان وَاللّٰهُ عِنْدَهٗٓ اَجْرٌ عَظِيْمٌ تهنده خيطره چهوالله تعالیٰ اس نش اجر عظيم يعني بڈ مزور فَاتَّقُوا اللّٰهَ مَا اسْتَطَعْتُمْ وَاسْمَعُوْا وَاَطِيْعُوْا وَاَنْفِقُوْا خَيْرًا لِّاَنْفُسِكُمْ يمه سارے کتهه بوزت کھوژيوالله تعالیٰ اس يُوت ہيکوته تيوت بيه بوز يوتهند حُکم وارهپاٹهه توپته مانيوتم حُکم بيه کريومال خرچ تمن جاين اندر يمن منز خرچ کرنک حُکم اوّوه کرنه آی چهو توهنده حقه بهتر وَمَنْ يُّوْقَ شُحَّ نَفْسِهٖ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُوْنَ يس اکهاه نفساني حرصه نشه محفوظ تهاونه آو تمی قسمک لوک چهه آخر تس اندر رسته گاری ته فلاح حاصل کره وُن اِنْ تُقْرِضُوا اللّٰهَ قَرْضًا حَسَنًا يُّضٰعِفْهُ لَكُمْ وَيَغْفِرْ لَكُمْ هرگاه توه الله تعالیٰ اس قرض ديورته طريقه يعني خلوصه سان سوروز تتهه اندر توهنده خيطره زيادتی کران بيه کره توه گنهن مغفرت وَاللّٰهُ شَكُوْرٌ حَلِيْمٌ الله تعالیٰ چهو سٹهاه قدردان که رژه عمله چهو قبول کران سو چهو تحمل ته ژيڈ کره ڈن نافرمانين ته ييچهه عملن پيٹهه چهنه سيتی رٹان ته گرفتار کران عٰلِمُ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ سو چهو پوشيده ته ننه عمله زانه ڈن زبردست چهو سيٹهاه حکمته وول چهو

## سُوْرَةُ الطَّلَاقِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

يٰٓاَيُّهَا النَّبِيُّ اِذَا طَلَّقْتُمُ النِّسَآءَ فَطَلِّقُوْهُنَّ لِعِدَّتِهِنَّ وَاَحْصُوا
الْعِدَّةَ ۚ وَاتَّقُوا اللّٰهَ رَبَّكُمْ ۚ لَا تُخْرِجُوْهُنَّ مِنْۢ بُيُوْتِهِنَّ وَلَا يَخْرُجْنَ
اِلَّآ اَنْ يَّاْتِيْنَ بِفَاحِشَةٍ مُّبَيِّنَةٍ ۗ وَتِلْكَ حُدُوْدُ اللّٰهِ ۗ وَمَنْ يَّتَعَدَّ

---

يٰٓاَيُّهَا النَّبِيُّ اِذَا طَلَّقْتُمُ النِّسَآءَ فَطَلِّقُوْهُنَّ لِعِدَّتِهِنَّ وَاَحْصُوا الْعِدَّةَ ای پیغمبر بزرگ توہ فرماویو لوکن کہ یلہ توہ تمن زنانن طلاق دیوان آسیو یمن سیت توہ خلوت صحیحہ کرمت آسوہ پس دیو تمن طلاق حیضہ کہ زمانہ برونٹھہ طہرس اندر بیہ تھاویو طلاق دنہ پتہ یاد عدت یعنے مرد تہ زنانہ تہاون عدت تگ حساب یادواحصو فرموکھ بصیغہ جمع مذکرامی موکھ کہ زنانن چھہ سپدان اکثر غفلت لہذ اگژھہ مردن ہیوندتہ امیوکھ خیال تہاون وَاتَّقُوا اللّٰهَ رَبَّكُمْ بیہ کھوژیو اللہ تعالیٰ اس یُس توہند پروردگار چھو تہندین حکمن مہ آسیو خلاف ورزی کران اکہ وٹہ مہ آسیوترہ طلاق دیوان حیضہ کس حالس اندر مہ آسیو طلاق دیوان۔ یمہ چیز ونشہِ چھہ حدیث شریفس منز ممانعت فرماو مژ حضرت رسول کریمن صلی اللہ علیہ وسلم لَا تُخْرِجُوْهُنَّ مِنْۢ بُيُوْتِهِنَّ بیہ مہ آسیو کھ تمہ زنانہ تموگرواندرہ نیبر کڈان یمن منز تمہ بسان آسن کیازہ طلاق دنہ آمژہ زنانہ بسنہ خیطرہ جای دن چھو واجب تتھے پاٹھ منکوحہ زنانہ ہندہ خیطرہ چھو وَلَا يَخْرُجْنَ اِلَّآ اَنْ يَّاْتِيْنَ بِفَاحِشَةٍ مُّبَيِّنَةٍ نہ گژھہ تمن زنانن ہیوندپانہ نیرن تموگرواندرہ کیازہ تمن بسنہ خیطرہ جای دِن یہ چُھنہ حق العبدی یوت بلکہ چھو یہ حق الشرع تہ سو ہیکہ نہ ساقط سپدت تمسندہ رضا مندی سیت مگرامہ قسمچہ زنانہ کنہِ ننہ بے حیاء مرتکب سپدن مثلاً بدکاری کرن یاژور کرن تتھ صورتس اندرین تمہ کڈنہ بطور سزاء بعض علماءن نشہِ چھو کہ ہرگاہ زبان درازی بیہ پر تھ وقتہ ہرتہ قضیہ لاگہ تلہ تہ چھو جایز سہ زنانہ گرہ منزہ نیبر گڈُن وَتِلْكَ حُدُوْدُ اللّٰهِ یم ساری چیز چھہ خدایہ سندی مقرر

حُدُوْدَ اللّٰهِ فَقَدْ ظَلَمَ نَفْسَهٗ ؕ لَا تَدْرِیْ لَعَلَّ اللّٰهَ یُحْدِثُ بَعْدَ ذٰلِكَ
اَمْرًا ① فَاِذَا بَلَغْنَ اَجَلَهُنَّ فَاَمْسِكُوْهُنَّ بِمَعْرُوْفٍ اَوْ فَارِقُوْهُنَّ
بِمَعْرُوْفٍ وَّاَشْهِدُوْا ذَوَیْ عَدْلٍ مِّنْكُمْ وَاَقِیْمُوا الشَّهَادَةَ لِلّٰهِ ؕ ذٰلِكُمْ
یُوْعَظُ بِهٖ مَنْ كَانَ یُؤْمِنُ بِاللّٰهِ وَالْیَوْمِ الْاٰخِرِ ؕ۬ وَمَنْ یَّتَّقِ اللّٰهَ

---

کرمت احکام، وَمَنْ یَّتَعَدَّ حُدُوْدَ اللّٰهِ فَقَدْ ظَلَمَ نَفْسَهٗ یس اکھاہ خدایہ سندیو احکامو نشہِ تجاوز کرِہ تم کرِ بے شک پنہ نس پانس پیٹھ ظلم یعنے سو سپد گنھگار امہ پتہ چھہ اللہ تعالیٰ ترغیب دیوان کہ طلاقو منزہ چھو طلاق رجعی بہتر لَا تَدْرِیْ لَعَلَّ اللّٰهَ یُحْدِثُ بَعْدَ ذٰلِكَ اَمْرًا ژہ چھے نہ خبر ای طلاق دیوہ ونہ شاید اللہ تعالیٰ ما کرہ امہ طلاق دنہ پتہ کانہہ نو کتھاہ چانس دلس منز پیدہ یعنی ژہ ماسپدہ کھ طلاق دنہ پتہ نادم تہ پشیمان پس ہر گاہ ژہ طلاق رجعی دیو تمت آستھ تتھ اندریکہ اتھ علاج بنت بیہ رجوع کرنہ سیت فَاِذَا بَلَغْنَ اَجَلَهُنَّ فَاَمْسِكُوْهُنَّ بِمَعْرُوْفٍ اَوْ فَارِقُوْهُنَّ بِمَعْرُوْفٍ پس یلہ تمہ زنانہ یمن طلاق رجعی دنہ آمت آسہ پننہ عدت و برنس نزدیک واتن تمہ ساتہ چھو توہ دون کتھن ہیو نداختیار یا رٹیو کھ تمہ با قاعدہ رجعت کرت پنہ نس نکاحس اندر یا ترا ویو کھ قاعدہ موجب یلہ یعنے عدت و برنس تان مہ کریو تمن کن رجعت تریم صورت مہ کریو کہ توہِ آسیونہ سہ بساونس غرض خواہ مخواہ تکلیف دنہ خیطرہ تمسنز عدت زیٹھر اونہ خیطر کریو تمس سیت رجعت ناحق کانسہ ایذاء دیوان تہ چھنہ مناسب تتھ چھو خدا بیزار وَّاَشْهِدُوْا ذَوَیْ عَدْلٍ مِّنْكُمْ وَاَقِیْمُوا الشَّهَادَةَ لِلّٰهِ یہ کنیژ اہ توہ کریو پانس نشہِ رٹنہ اندرہ یا یلہ ترا ونہ اندر تتھ تہاویو کھ پنہ نیو اندرہ زہ معتبر شخص شاہد تہ گواہ یُو تھنہ آیندہ کُنہ کتھ پیٹھ اختلاف پیدہ سپدہ ای گواہو ہر گاہ گواہی دنچ ضرورت پیہ توہ ذرہ پزٕ پزٕ گواہی خدایہ سندہ خیطرہ کانسہ ہیو ند طرف کرنہ ورای ذٰلِكُمْ یُوْعَظُ بِهٖ مَنْ كَانَ یُؤْمِنُ بِاللّٰهِ وَالْیَوْمِ الْاٰخِرِ یمہ مضمونہ سیت چھہ نصیحت کرنہ یوان تس شخص یس پور پزٕھ آسہ کُنس خدایہ سنز بیہ آس یقین پتمہ دوہک یعنے قامتک کیازہ ایمان واری چھو اسہ نصیحتک فائدہ ہیکان تلتِ اگرچہ نصیحت چھہ سارنی ہندہ خیطرہ برونٹھ یُس حکم تقویٰ اس متعلق بیان کرنہ آو۔

يَجْعَلْ لَّهٗ مَخْرَجًا ۙ﴿٢﴾ وَّيَرْزُقْهُ مِنْ حَيْثُ لَا يَحْتَسِبُ ؕ وَمَنْ يَّتَوَكَّلْ عَلَى
اللّٰهِ فَهُوَ حَسْبُهٗ ؕ اِنَّ اللّٰهَ بَالِغُ اَمْرِهٖ ؕ قَدْ جَعَلَ اللّٰهُ لِكُلِّ شَيْءٍ قَدْرًا ﴿٣﴾
وَالّٰٓئِيْ يَئِسْنَ مِنَ الْمَحِيْضِ مِنْ نِّسَآئِكُمْ اِنِ ارْتَبْتُمْ فَعِدَّتُهُنَّ
ثَلٰثَةُ اَشْهُرٍ ۙ وَّالّٰٓئِيْ لَمْ يَحِضْنَ ؕ وَاُولَاتُ الْاَحْمَالِ اَجَلُهُنَّ اَنْ يَّضَعْنَ
حَمْلَهُنَّ ؕ وَمَنْ يَّتَّقِ اللّٰهَ يَجْعَلْ لَّهٗ مِنْ اَمْرِهٖ يُسْرًا ﴿٤﴾ ذٰلِكَ اَمْرُ اللّٰهِ

---

وِچ ۾ تنهن متعلق احڪامن درميان فضائل بيان ڪرڻ گهرجي ته فضيلت ڪو وَمَنْ يَّتَّقِ اللّٰهَ يَجْعَلْ لَّهٗ مَخْرَجًا يعني شخص الله تعاليٰ کان ڊڄندو الله تعاليٰ ڇوٽڪاري جو رستو پيدا ڪندو لاءِ نجات جي صورت پيدا ڪري ٿو وَّيَرْزُقْهُ مِنْ حَيْثُ لَا يَحْتَسِبُ يعني تقويٰ جي برڪت سان رزق به اهڙين هنڌن کان ڏيندو جتان کيس گمان به نه هوندو يعني آسان ڪندو تقويٰ جي هڪ شاخ توڪل آهي ان جي خاصيت آهي وَمَنْ يَّتَوَكَّلْ عَلَى اللّٰهِ فَهُوَ حَسْبُهٗ يعني جيڪو الله تعاليٰ تي ڀروسو ڪري ٿو ته الله تعاليٰ ان جي اصلاح مهمات لاءِ ڪافي آهي ۽ ان جو اثر خاص ظاهر ڪري اصلاح مهمات ڪرڻ سان اِنَّ اللّٰهَ بَالِغُ اَمْرِهٖ بيشڪ الله تعاليٰ پنهنجي ڪم کي پورو ڪري ٿو پوءِ اهو پورو ڪرڻ ان جي اصلاح مهمات ڪرڻ وقت تي موقوف آهي قَدْ جَعَلَ اللّٰهُ لِكُلِّ شَيْءٍ قَدْرًا الله تعاليٰ هر شيءِ جو هڪ اندازو پنهنجي علم اندر مقرر ڪري ڇڏيو آهي جنهن مطابق واقع ٿئي ٿي.

پوءِ الله تعاليٰ طلاق جي احڪامن متعلق تفصيلي بيان فرمايو وَالّٰٓئِيْ يَئِسْنَ مِنَ الْمَحِيْضِ مِنْ نِّسَآئِكُمْ اِنِ ارْتَبْتُمْ فَعِدَّتُهُنَّ ثَلٰثَةُ اَشْهُرٍ ۙ وَّالّٰٓئِيْ لَمْ يَحِضْنَ تو هنن طلاق ڏنل عورتن مان جيڪي زيادة عمر سبب حيض کان نااميد ٿي ويون آهن جيڪڏهن توهان کي ان جي عدت بابت شڪ آهي (چنانچه شبهو ان سبب پيو هو) ته انهن جي عدت ٽي مهينا آهي. ۽ ساڳيءَ طرح اهي عورتون جيڪي نابالغ آهن ۽ ان کي حيض شروع نه ٿيو آهي انهن جي عدت به ٽي مهينا وَاُولَاتُ الْاَحْمَالِ اَجَلُهُنَّ اَنْ يَّضَعْنَ حَمْلَهُنَّ ۽ جيڪي عورتون حمل واريون آهن انهن جي عدت جيستائين حمل کان فارغ ٿين وَمَنْ يَّتَّقِ اللّٰهَ

أَنزَلَهُۥٓ إِلَيْكُمْ ۚ وَمَن يَتَّقِ ٱللَّهَ يُكَفِّرْ عَنْهُ سَيِّـَٔاتِهِۦ وَيُعْظِمْ لَهُۥٓ أَجْرًا ۝٥
أَسْكِنُوهُنَّ مِنْ حَيْثُ سَكَنتُم مِّن وُجْدِكُمْ وَلَا تُضَآرُّوهُنَّ لِتُضَيِّقُوا۟
عَلَيْهِنَّ ۚ وَإِن كُنَّ أُو۟لَٰتِ حَمْلٍ فَأَنفِقُوا۟ عَلَيْهِنَّ حَتَّىٰ يَضَعْنَ حَمْلَهُنَّ ۚ
فَإِنْ أَرْضَعْنَ لَكُمْ فَـَٔاتُوهُنَّ أُجُورَهُنَّ ۖ وَأْتَمِرُوا۟ بَيْنَكُم بِمَعْرُوفٍ ۖ وَإِن
تَعَاسَرْتُمْ فَسَتُرْضِعُ لَهُۥٓ أُخْرَىٰ ۝٦ لِيُنفِقْ ذُو سَعَةٍ مِّن سَعَتِهِۦ ۖ وَمَن

---

يَجْعَل لَّهُۥ مِنْ أَمْرِهِۦ يُسْرًا یُس شخص خدایس کھوژہ تس کرِ اللہ تعالیٰ پرتھ کامہ منز آسانی دنیاچہ کامہ تہٕ آخرتچہ کامہ تہٕ ذَٰلِكَ أَمْرُ ٱللَّهِ أَنزَلَهُۥٓ إِلَيْكُمْ یہ کنیژ ہاہ بیان کرنہ آو یہ چھو اللہ تعالیٰ سُند حُکم یُس تم توہ کُن سوز وَمَن يَتَّقِ ٱللَّهَ يُكَفِّرْ عَنْهُ سَيِّـَٔاتِهِۦ وَيُعْظِمْ لَهُۥٓ أَجْرًا یُس اکھاہ یمن معاملاتن اندر تہٕ بین احکامن اندر تہٕ خدایس کھوژہ اللہ تعالیٰ کرِ دور تس نشہِ تسند گناہ بجو بجو سختیو نشہِ رٹھس بیہ کریس عطا بڈ مزوریعنے بڈ بڈ فائدہ تہٕ نفع واتہٕ ناوس أَسْكِنُوهُنَّ مِنْ حَيْثُ سَكَنتُم مِّن وُجْدِكُمْ بیہ چھہ طلاق دنہ آمژ زنانن ہند توہ پیٹھ بیہ تہٕ کنہِ حقوق سوگو تمن گژھہ بسنہ تہٕ روزنہ خیطرہ جای دِن پننہ طاقتہ تہٕ وسعتہ موجب یتہ توہہ

پانہ بسان آسیو تتِ گژھہ تمن تہٕ جای دِن یعنے عدتس اندر چھہ طلاق دنہ آمژ ہ زنانہِ جای دِن واجب البتہ ہرگاہ طلاق باین آسہِ دنہ آمت تلہ اکسی کوٹھس اندر تمن دون ہیو ندروزن چھنہ جائز بلکہ گژھہ منز ہ کِنہ ٹھور آسن ضرور وَلَا تُضَآرُّوهُنَّ لِتُضَيِّقُوا۟ عَلَيْهِنَّ بیہ مہ واتہٕ ناویو تمن تکلیف بسنہ کس معاملس اندر تمہ تنگ کرنہ خیطرہ وَإِن كُنَّ أُو۟لَٰتِ حَمْلٍ فَأَنفِقُوا۟ عَلَيْهِنَّ حَتَّىٰ يَضَعْنَ حَمْلَهُنَّ بیہ ہرگاہ تمہ طلاق دنہ آمژہ زنانہ حملہ واجنہ آسن تلہ کریو تہندہ کھینہ چنہ خیطرہ تمن پیٹھ خرچ برداشت یوتان تمہ پرسن حملہ نشہِ فارغ سپدن فَإِنْ أَرْضَعْنَ لَكُمْ فَـَٔاتُوهُنَّ أُجُورَهُنَّ ہرگاہ تمہ زنانہ یمن توہ طلاق دیو توہ عدتہ پتہ توہندین شُرین (یم شُر تمن برونٹھی توہند آسن یا آسکھ عدت ختم گمژ شُر زینہ سیتی دودھ دِن توہندہ خیطرہ اُجرتس پیٹھ توہ دیو تمن سہٕ اجرت یُوسہ توہ پانہ وان مُقرر کریو وَأْتَمِرُوا۟ بَيْنَكُم بِمَعْرُوفٍ بیہ کریو اتھ اجرتس متعلق پانہ وان مشورہ مناسب طریقہ وَإِن تَعَاسَرْتُمْ فَسَتُرْضِعُ لَهُۥٓ أُخْرَىٰ ہرگاہ توہ اکھ اکس پیٹھ تنگی تہٕ

قُدِرَ عَلَيْهِ رِزْقُهٗ فَلْيُنْفِقْ مِمَّآ اٰتٰىهُ اللّٰهُ ؕ لَا يُكَلِّفُ اللّٰهُ نَفْسًا اِلَّا مَآ اٰتٰىهَا ؕ
سَيَجْعَلُ اللّٰهُ بَعْدَ عُسْرٍ يُّسْرًا ۝٧ وَكَاَيِّنْ مِّنْ قَرْيَةٍ عَتَتْ عَنْ اَمْرِ
رَبِّهَا وَرُسُلِهٖ فَحَاسَبْنٰهَا حِسَابًا شَدِيْدًا ۙ وَّعَذَّبْنٰهَا عَذَابًا نُّكْرًا ۝٨
فَذَاقَتْ وَبَالَ اَمْرِهَا وَكَانَ عَاقِبَةُ اَمْرِهَا خُسْرًا ۝٩ اَعَدَّ اللّٰهُ لَهُمْ
عَذَابًا شَدِيْدًا ۙ فَاتَّقُوا اللّٰهَ يٰٓاُولِي الْاَلْبَابِ ۛ ۚ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا ۛ ۚ قَدْ

---

سختي ڪري ته ان کي ٻيو ڌاڄ ڌڄ ڏيندي ڪانه ڏئي زال. لِيُنْفِقْ ذُوْ سَعَةٍ مِّنْ سَعَتِهٖ وسعت وارو ڪري اِهو خرچ پنهنجي وسعت موجب وَمَنْ قُدِرَ عَلَيْهِ رِزْقُهٗ فَلْيُنْفِقْ مِمَّآ اٰتٰىهُ اللّٰهُ وين تنگي ان جي رزق اندر يعني آمدني اسيس ڪم سو ڪرو اُهو خرچ ته منزه يه جيڪو ڏنو تهن اسان الله تعاليٰ يعني امير شخص ڪرن خرچ پنهنجي حيثيت موجب فقير ڪري خرچ پنهنجي حيثيت موجب لَا يُكَلِّفُ اللّٰهُ نَفْسًا اِلَّا مَآ اٰتٰىهَا الله تعاليٰ ڪنهن کي شخص تڪليف ڏيوان مگر ته موجب يه جيڪو عطا ڪيائين تنگ دست شخص سنڌ گهڻو خيال ڪرن ڪه هر گاه سو زال پنهنجي خرچ ڪري ته مار ڏيو پاڻ کي سَيَجْعَلُ اللّٰهُ بَعْدَ عُسْرٍ يُّسْرًا الله تعاليٰ ڪري عنقريب سختي ته تنگي پٺيان وسعت ته آساني. وَكَاَيِّنْ مِّنْ قَرْيَةٍ عَتَتْ عَنْ اَمْرِ رَبِّهَا وَرُسُلِهٖ فَحَاسَبْنٰهَا حِسَابًا شَدِيْدًا وَّعَذَّبْنٰهَا عَذَابًا نُّكْرًا وار گهڻين بستين ته شهرن هنديو لوڪ ڪرنا فرماني پنهنجي پروردگار سنڌس حڪمن سنڌس پيغمبرن هند هن حڪمن پس هيوت اسان تهنجن عملن هيوند سخت حساب يعني تهنز وڪفر چو ڪاميواندره ڪرنه اسان ڪانه ڪاماه تمن معاف بلڪه ڪري سار نئي ڪامن پٺيان سزا تجويز بلڪه ڪراسان تمن سو عذاب ٻيس نه تمو وڇتيو اوس فَذَاقَتْ وَبَالَ اَمْرِهَا وَكَانَ عَاقِبَةُ اَمْرِهَا خُسْرًا پس ڙوه تمو پنهنجي نين پڇ عملن هنده وبالڪ مزه بيه اوس تهنزه ڪامه هيوندا انجام تاوان ته نقصان يه گوکه دنياس منز اَعَدَّ اللّٰهُ لَهُمْ عَذَابًا شَدِيْدًا امه علاوه ڇهو الله تعاليٰ ان تهنده خيطره تيار تهومت آخرتس اندر سخت عذاب وٺن يله نافرماني هيوند عذاب بوزو فَاتَّقُوا اللّٰهَ يٰٓاُولِي الْاَلْبَابِ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا کهوڙيو الله تعاليٰ اس توه اي عقله واليو يموا يمان انمت ڇهوه ڪيازه ايمان ته ڇهوا تهه منگان خداليس کهوڙن گوکه تهنز ڪريو فرمان برداري اطاعت و فرمان برداري هنز طريق هاونه خيطره قَدْ اَنْزَلَ اللّٰهُ اِلَيْكُمْ ذِكْرًا ۝ رَّسُوْلًا

اَنْزَلَ اللّٰهُ اِلَيْكُمْ ذِكْرًا ﴿١٠﴾ رَّسُوْلًا يَّتْلُوْا عَلَيْكُمْ اٰيٰتِ اللّٰهِ مُبَيِّنٰتٍ
لِّيُخْرِجَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ مِنَ الظُّلُمٰتِ اِلَى النُّوْرِ ۭ وَمَنْ
يُّؤْمِنْۢ بِاللّٰهِ وَيَعْمَلْ صَالِحًا يُّدْخِلْهُ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ
خٰلِدِيْنَ فِيْهَآ اَبَدًا ۭ قَدْ اَحْسَنَ اللّٰهُ لَهٗ رِزْقًا ﴿١١﴾ اَللّٰهُ الَّذِيْ خَلَقَ سَبْعَ
سَمٰوٰتٍ وَّمِنَ الْاَرْضِ مِثْلَهُنَّ ۭ يَتَنَزَّلُ الْاَمْرُ بَيْنَهُنَّ لِتَعْلَمُوْٓا اَنَّ
اللّٰهَ عَلٰي كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ڏ وَّاَنَّ اللّٰهَ قَدْ اَحَاطَ بِكُلِّ شَيْءٍ عِلْمًا ﴿١٢﴾ ع

---

سوز الله تعالیٰ ان تو ڪين اھ نصيحت ناماه سو نصيحت نامه هيت سوزن اھ جليل القدر پيغمبراه يَتْلُوْا عَلَيْكُمْ اٰيٰتِ اللّٰهِ مُبَيِّنٰتٍ يُس پران ته بوزه ناوان چھ توه الله تعالیٰ سند آيات ويڙهناوت لِّيُخْرِجَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ مِنَ الظُّلُمٰتِ اِلَى النُّوْرِ يو تھ سو پيغمبر بر حق تمن لوڪن يمو ايمان ان ته رڙه عمل ڪريڪھ ڪفره ته جهله چو تاريڪيو منزه ڪڈه ايمان ته علمه وعمله ڪس نورسِ ڪن۔ وَمَنْ يُّؤْمِنْۢ بِاللّٰهِ وَيَعْمَلْ صَالِحًا يُّدْخِلْهُ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ خٰلِدِيْنَ فِيْهَآ اَبَدًا يس اکهاه پڙه ڪره خدا يس بيه ڪره رڙه عمله الله تعالیٰ واته ناو تس جنته ڪين تمن باغن منز يمو بونِ ڪن ڪمه ڪمه جوی ته ڪوله آسن پکان تمئ جنتن منز روزن تم هميشه ابدالآباد، قَدْ اَحْسَنَ اللّٰهُ لَهٗ رِزْقًا بے شڪ الله تعالیٰ ان ديوت تس رُت رزقاه هميشه پوشه ون اَللّٰهُ الَّذِيْ خَلَقَ سَبْعَ سَمٰوٰتٍ وَّمِنَ الْاَرْضِ مِثْلَهُنَّ الله تعالیٰ گو سو معبود بر حق يم سته آسمان پيده ڪر بيه ڪرن تهندی پاڻه سته زمين چنانچه صحيح ترمذی منز چھو حديث شريف ڪه اکس زمينس تل چھو بياکھ زمين تته تل چھو تريوم زمين اتهے پاڻه چھ اکھ اکس تل سته زمين يَتَنَزَّلُ الْاَمْرُ بَيْنَهُنَّ الله تعالیٰ سند احڪام تڪليفيه ته تڪوينيه چھ يمن ستن آسمان ته ستن زمين منز نازل سپدان لِتَعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ عَلٰي كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ وَّاَنَّ اللّٰهَ قَدْ اَحَاطَ بِكُلِّ شَيْءٍ عِلْمًا يو تھ توه معلوم سپده ڪه الله تعالیٰ چھو پر تھ چيزس پيٹھ قدرته وول بيه چھو الله تعالیٰ پر تھ چيزس احاطه ڪرت پنه نه علمه سيت اتھ ڪن نظر ڪرت چھو واجب الله تعالیٰ اس اطاعت ته فرماں برداری ڪرن




بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
يٰۤاَيُّهَا النَّبِيُّ لِمَ تُحَرِّمُ مَاۤ اَحَلَّ اللّٰهُ لَكَ ۚ تَبْتَغِيْ مَرْضَاتَ اَزْوَاجِكَ ؕ وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ① قَدْ فَرَضَ اللّٰهُ لَكُمْ تَحِلَّةَ

---

يٰۤاَيُّهَا النَّبِيُّ لِمَ تُحَرِّمُ مَاۤ اَحَلَّ اللّٰهُ لَكَ صحیح بخاری شریفس ۽ ٻين حدیث شریفه جن ڪتابن اندر ڇھو بروایت اُم المومنین عائشه صدیقه حضرت رسولِ ڪریم صلی الله علیه وسلم جو نڌ عادت شریفه اوس ڪه تم آس پرت دوہه دگر نمازه پته ازواج طاهراتن هندین حجرات شریفن اندر تشریف انان وَدنهِ وولٰی آس مختصر توقف ڪرت تمن تفقد حالات فرماوان اکه دوہه تھوڪھ حضرت زینبه سندس حجره شریفس منز معموله خوته زیاده کالس تشریف کیازه تمو ڪرِهڪھ پیش مانچھ سُوی ڪروڪھ تناول تمه ڪس تناول ڪرنس لگ ڪنه کالاه معموله خوته زیاده حضرت عائشه چھ فرماوان ڪه مه گوامیوڪ مُشڪ مه ڪر حضرت حفصه اس سیت مشوره ڪه اسه اندره لیس نشه نبی ڪریم امه پته تشریف انن تمسند گڈھ عرض ڪرن ڪه توهِ چھوه هز مغافر نوش فرمومت (مغافیر چھه ونان اکه کله ڪس تتھ ماوس ڪس ژیره ڪرانکھ صیو چھو آسان یا صمغ بیوریا توته مانچھ هیو۔ تتھ چھو آسان مُشڪ ناپسندیده یتنے پھڪ چنانچه ییہے عمل ڪر باقی ازواج طاهراتو توپته فرموو تمو مه چومانچھ استعمال ڪرمُت بوکیازه ڪره هامغافیر استعمال تمه ڪرِهڪ عرض شاید مانچھ تلر ماآسه بیٹھمرِ مغافیرس پیٹھ تھندس ماچھس ته آسهِ ترمت تمیوڪ پھڪ یه بوزت هوو قسم نبی ڪریمن صلی الله علیه وسلم مانچھ استعمال ڪرنس پیٹھ اتھ موقعس پیٹھ سپد نازل یم آیات ڪریمه يٰۤاَيُّهَا النَّبِيُّ لِمَ تُحَرِّمُ مَاۤ اَحَلَّ اللّٰهُ لَكَ ای بڈه پیغمبره توه ڪیاهز چھو قسم هاوت پانس پیٹھ سو چیز حرام ڪران یُس چیز الله تعالیٰ ان توهنده خیطره حلال ڪرمُت چھوه تَبْتَغِيْ مَرْضَاتَ اَزْوَاجِكَ تمی چھوه ڪران پنه نین باژنی هنز رضامندی ته خوشنودی حاصل ڪرنه خیطره اگرچه ڪنه مباح چیزڪ ترڪ ڪرُن چھوه مباح توپته تتھ ترڪ مباحس تاڪید ڪرُن قسمه سیت ته چھو مباح مگر خلاف اولیٰ چھو ضرور

أَيْمَانِكُمْ ۚ وَاللَّهُ مَوْلَاكُمْ ۖ وَهُوَ الْعَلِيمُ الْحَكِيمُ ② وَإِذْ أَسَرَّ
النَّبِيُّ إِلَىٰ بَعْضِ أَزْوَاجِهِ حَدِيثًا فَلَمَّا نَبَّأَتْ بِهِ وَأَظْهَرَهُ
اللَّهُ عَلَيْهِ عَرَّفَ بَعْضَهُ وَأَعْرَضَ عَنْ بَعْضٍ ۖ فَلَمَّا نَبَّأَهَا بِهِ

---

خصوصاً يله تمهوک موجب ۽ باعث آسه معمولي ۽ غير ضروري اکهہ چيزاه هوگو گره کين باڙن هنز خوشنودي ۽ رضامندي حاصل کرئين وَاللَّهُ غَفُورٌ رَّحِيمٌ الله تعالىٰ ڇهو بخشنهار سو ڇهو گنهس تان ۽ بخشاليش ۽ معاف کران توه نشهِ سپدنه کانهه گناه ۽ صادر يه پڇهنه توه پيٹھ کانهه عِتاب بلکه ڇهواتهہ گن توه اکه قسمه توجه يوان دنه شفقت ورأفت موجب توهِ ڇهوونه يوان که توه کيازه هز پردووه سُو چيزئيس مباح اوس توهنده خيطره يه تکليف کيازه هيوتوه تتهہ سيت هووه توه اتهہ پيٹھ قسم لهذا ديو قسمچ کفارت تو پته کريو بيه مانچهہ استعمال قَدْ فَرَضَ اللَّهُ لَكُمْ تَحِلَّةَ أَيْمَانِكُمْ الله تعالىٰ ان ڇهہ مقرر کرمڙ توهنده قسم مشراونچ يعني قسم پهڙوانه پته تمچ کفارت دنچ طريق سوگودهن مسکينن طعام ديون يا غلام ياکنيز آزاد کرن ياترين دوهن روزه داررووزن وَاللَّهُ مَوْلَاكُمْ الله تعالىٰ ڇهو توهند دوست وَهُوَ الْعَلِيمُ الْحَكِيمُ سوي ڇهو سوروي زانه ون سوي ڇهو ستاه حکمته وول تمي علم و حکمته سيت ڇهو توهنزه مصلحت ۽ ضرورتک چيز زانت توهنزه وارياه دشوار يه آسان کرنچه طريقه بيان کران چنانچه قسمچ کفارت دِنک حکم کرنه سيت کرتم قسمچه پابندي هيوند تکليف دور۔ وَإِذْ أَسَرَّ النَّبِيُّ إِلَىٰ بَعْضِ أَزْوَاجِهِ حَدِيثًا اے ازواج طاهرا تو سُو وقت ڇهوياد کرنس قابله يله نبي کريم صلى الله عليه وسلمو پنه نس اکس باڙس سيت سره کتهاه اکه فرماوے يه سَه کتهہ آس يهے بوکهيمه نه ازکه پيٹھ مانچهہ مگر يوتهنه ژه کانسه نشه يه کتهہ باوکھ فَلَمَّا نَبَّأَتْ بِهِ تمه پته يله تمه ديد صيبه ہوٚ وسوسر بين ازواج طاهراتن نشهِ وَأَظْهَرَهُ اللَّهُ عَلَيْهِ الله تعالىٰ ان نتر ووسو معامله نبي کرتمس صلى الله عليه وسلم عَرَّفَ بَعْضَهُ وَأَعْرَضَ عَنْ بَعْضٍ نبي کريم صلى الله عليه وسلمو فرمو تمس سنز فاش کره ونه ديد صيبه که ژه ڇهت يه ميان سره کتهہ بين نشهِ وانه نادمڙ مگر اڈکتهہ کرکهہ بيان اَجه کتهہ نشهِ کرد کهہ اعراض تمهوک کروکهنه کنهِ بيان يه گو غايت درجک کرم تهوند که پنه نس حکمس خلاف کرنس پيٹھ يله شکايت کرکهہ پنه نين باڙن هنز سوروي کرکهنه بيان بلکه کرکهہ تمه منزه مويه هنا

قَالَتْ مَنْ اَنْۢبَاَكَ هٰذَا ؕ قَالَ نَبَّاَنِیَ الْعَلِیْمُ الْخَبِیْرُ ③ اِنْ تَتُوْبَاۤ اِلَى اللّٰهِ فَقَدْ صَغَتْ قُلُوْبُكُمَا ۚ وَ اِنْ تَظٰهَرَا عَلَیْهِ فَاِنَّ اللّٰهَ هُوَ مَوْلٰىهُ وَ جِبْرِیْلُ وَ صَالِحُ الْمُؤْمِنِیْنَ ۚ وَ الْمَلٰٓىِٕكَةُ بَعْدَ ذٰلِكَ

بیان یوتھنہ تمن زیادہ شرمندگی پیدہ سپدہ فَلَمَّا نَبَّاَهَا بِهٖ قَالَتْ مَنْ اَنْۢبَاَكَ هٰذَا اد یلہ نبی کریمن صلی الله علیہ وسلم تس سہ کتھ فرماوسہ گیہ حیران تمہ کروکھ عرض توہ کم ہزدپوہ مہ کیا بوو توہندسربیہ کانسہ نشہ تمن گیہ رای حضرت عائشہ نیٔ ما آسہِ یمن وونمت قَالَ نَبَّاَنِیَ الْعَلِیْمُ الْخَبِیْرُ تمو فرمووس مہ کر خبر الله تعالیٰ ان یُس بوڑ زانن وول چھویُس سارِچی پور خبر چھہ یہ آوونہ ازواج طاہراتن یوتھ تمہ آیندہ امہ قسمچہ ژوبیہ کرنہ نشہِ پتھ روزن بیہ کرن توبہ ہمیوک تمن یمہ پتہ آیات کریمن اندر حکم چھویوان کرنہ اِنْ تَتُوْبَاۤ اِلَى اللّٰهِ فَقَدْ صَغَتْ قُلُوْبُكُمَا اے نبی کریمہ سنزِ دو شوئی اہلیو (مراد چھہ امہ اندرہ حضرت عائشہ بیہ حضرت حفصہ اگر توہ خدا ئیس برونٹھ کنہ توبہ کریو تہ چھو توہندہ خیطرہ بہتر کیازہ تتھ لایق چھوہ توہ کرمُت تہ گواہی زہ کہ توہند دل چھ ییتھ کتھ کُن مایل سپدمت کہ نبی کریم صلی الله علیہ وسلمن ہیوند توجہ پھرہ ہواس بین ازواج طاہرا تو نشہِ پانس کُن تمی خیطرہ چھوہ توہ پانہ وان ژوبیہ کران اگرچہ ییتھ کُن نظر کرت کہ اموک سبب چھوہ توہ محبت رسول کریم صلی الله علیہ وسلم تمہ اعتبارہ اوسنہ یہ ناکارہ چیز مگر چونکہ امہ سیت چھ سپدان بین ہنز حق تلفی بیہ چھو تہندہ دل شکنی ہیوند باعث سپدان اتھ کن نظر کرت چھو ناکارے یمہ موکھ توہہ پزہ توبہ کرٕن۔ وَ اِنْ تَظٰهَرَا عَلَیْهِ فَاِنَّ اللّٰهَ هُوَ مَوْلٰىهُ وَ جِبْرِیْلُ وَ صَالِحُ الْمُؤْمِنِیْنَ وٕنہ ہرگاہ توہ دوشوے نبی کریم صلی الله علیہ وسلمن مقابلہ پٹھ کارروائی جاری تھاویو یہ کرٕنس اندر توہِ اندہ نہ کنہ تہ کیازہ تہوند دوست چھوپانہ الله تعالیٰ بیہ جبریل امین بیہ نیکو کار مسلمان وَ الْمَلٰٓىِٕكَةُ بَعْدَ ذٰلِكَ ظَهِیْرٌ تمہ علاوہ چھہ ساری ملایک تہند مددگار توہنز ژوبیو سیت واتنہ تمن کانہہ ضرر تہ نقصان بلکہ چھوہ توہ پانس اموک نقصان کیازہ یُس صاحبس اَتھ مددگار آسن (گوڈہ چھو بس تمن اکوی بوڈ مددگار) تہندس مزاج مبارکس تہ طبعیت نازنینس خلاف کانہہ حرکت کرٕنہ تتھ کوسہ کوندے کھسہ توہ تمیوک انجام چھونہ پاٹھہ سیٹھاہ پچھ توہندہ خیطرہ فَاِنَّ اللّٰهَ هُوَ مَوْلٰىهُ اتھ آیہ

ظَهِيرٌ ﴿٤﴾ عَسَىٰ رَبُّهُ إِن طَلَّقَكُنَّ أَن يُبْدِلَهُ أَزْوَاجًا خَيْرًا
مِّنكُنَّ مُسْلِمَاتٍ مُّؤْمِنَاتٍ قَانِتَاتٍ تَائِبَاتٍ عَابِدَاتٍ سَائِحَاتٍ
ثَيِّبَاتٍ وَأَبْكَارًا ﴿٥﴾ يَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا قُوا أَنفُسَكُمْ وَأَهْلِيكُمْ
نَارًا وَقُودُهَا النَّاسُ وَالْحِجَارَةُ عَلَيْهَا مَلَائِكَةٌ غِلَاظٌ شِدَادٌ

---

کرتمس منزٔیس ونہ آوسارنی رفیق سوچھوپرتھ اکس سیت الگ الگ معنیہ کن اللہ تعالیٰ سنز رفاقت گیہ حقیقی جبریل اینہ سنز رفاقت گیہ یمہ معنیہ کہ سواوس واسطہ فیوض الٰہی واتہ ناونس اندر ملایکن ہنز رفاقت گیہ انزال سکینہ بایمانن ہنز رفاقت گیہ تابعداری تہ فرماں برداری بعضے سلف مفسر ینو فرموو صالح المومنینہ اندرہ چھ مراد شیخین جلیلین یعنے حضرت ابو بکر صدیق تہ حضرت فاروق اعظم واللہ اعلم چونکہ بعض روایتن اندر چھوا میوک سبب نزول ئے واقعات تہ آمت تمن روایتن اندر چھو آمت کہ حضرت عائشن تہ حضرت حفصن ورای تہ چھ بیہ ازواج طاہرات اتھ تحریکس سیت شامل آسمٕژ حضرت سودہ حضرت صفیہ تمی مُوکھ کرٕکھ بیان بصیغہ جمع کہ ای ساروی ازواج طاہرا تو تو ؤمہ روزنو یہ خیال کہ مردس چھ زنانن ہنز ضرورت لازمی آسان تہ اتھ کُن نظر کرتھ ین سانٕ مطالبات تسلیم کرنہ عَسَىٰ رَبُّهُ إِن طَلَّقَكُنَّ أَن يُبْدِلَهُ أَزْوَاجًا خَيْرًا مِّنكُنَّ مُسْلِمَاتٍ مُّؤْمِنَاتٍ قَانِتَاتٍ تَائِبَاتٍ عَابِدَاتٍ سَائِحَاتٍ ثَيِّبَاتٍ وَأَبْكَارًا لہذا تھاویو توہ ای پیغمبر برحق سنز و ازواج طاہرا تو یہ کتھ یاد کہ ہر گاہ یہ پیغمبر توہ سارنی زنانن طلاق دیہ اللہ تعالیٰ کرہ توہ بدل تمن توہندہ خوتہ رٔژہ زنانہ عطا یمہ زنانہ مسلمان آسن بایمان آسن فرماں بردار آسن توبہ کرہ ونہ آسن عبادت کرہ ونہ آسن روزہ دار آسن بعضے وورزہ آسن بعضے اَنہرشہٕ آسن بعض مصلحتن کُن نظر کرتھ چھو زنانہ وورز آسن تہ مرغوب کیازہ سہ چھ سلیقہ واجین تہ تجربہ کار آسان ای آو صفتن اندر بیان کرنہ يَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا قُوا أَنفُسَكُمْ وَأَهْلِيكُمْ نَارًا وَقُودُهَا النَّاسُ وَالْحِجَارَةُ ای بایمانو یلہ حضرت رسول کریمہ سنزن ازواج طاہراتن تہ کانہہ چارہ چھنہ عبادت تہ عمل کرنہ ورای تمن تہ آو بذریعہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم تبلیغ کرنہ توہِ تہ چھو حکم

لَّا يَعْصُوْنَ اللّٰهَ مَآ اَمَرَهُمْ وَيَفْعَلُوْنَ مَا يُؤْمَرُوْنَ ۝٦
يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَا تَعْتَذِرُوا الْيَوْمَ ۭ اِنَّمَا تُجْزَوْنَ مَا كُنْتُمْ
تَعْمَلُوْنَ ۝٧ؑ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا تُوْبُوْٓا اِلَى اللّٰهِ تَوْبَةً نَّصُوْحًا ۭ
عَسٰى رَبُّكُمْ اَنْ يُّكَفِّرَ عَنْكُمْ سَيِّاٰتِكُمْ وَيُدْخِلَكُمْ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ

---

يوان ڪرڻ ڪه توهه ته آسيو پنهنس عيالس تبليغ ڪران عيالس تبليغ ڪرڻ ڇھو واجب پر تهه مسلمانس ڇھو لازم پانه ته عمل ڪرڻ پنون عيال ته عمل ڪره ناوُن دنچهه وته پتهه انن واره واره فقره تارنه سيت ماردنه سيت وعيد شديد بوزه ناو تهه کھوژه ناونه سيت پيار ڪرنه سيت غرض پر تهه طريقه گژهن تم سمجھاوئن لهذا بچاويو کهه پنن پان ته پنون عيال ته نار جهنمه نشه يتهه نارس هره هنه آيه لوکن ته کنيو سيت يمه کنه ژنين هند پاٹھ دزان ڇھه پان بچاون گو پانه فرمان برداري ڪرڻ عيال بچاون گو تم گژهن خدايه سند احڪام پژھناوئن بيه تمن احڪامن پيٹھ عمل ڪره ناوئن عَلَيْهَا مَلٰٓئِكَةٌ غِلَاظٌ شِدَادٌ لَّا يَعْصُوْنَ اللّٰهَ مَآ اَمَرَهُمْ وَيَفْعَلُوْنَ مَا يُؤْمَرُوْنَ يتهه نارس پيٹھ مقرر ته معين ڇھه ڪرنه آمت ژھيل مضبوط قد طاقتور ملايڪ تم نه ڪنه قسمه رحم ڪره وئن ڇھه يا يمن سيت نه ڪانهه مقابله هيڪه ڪرت يم نه اڪس ذرس برابر خدايه سنز نافرماني ڪران ڇھه ڪنه حڪمس اندر ئيس حڪم تمن ڪرنه يوان ڇھو ئيس حڪم الله تعالىٰ ڪران ڇھڪ تتهه ڇھه تم فوراً بجا انان نه ڇھه تعميل حڪم ڪرنس اندر سستي ته تارِ ڪران تمے ملايڪ وات ناون ڪافرن نار جهنمس اندر تمي وقته آيه تمن ونه يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَا تَعْتَذِرُوا الْيَوْمَ اے ڪافرو ازمه ڪريو توه ڪنه قسمڪ عذر پيش ڪيازه تتهه ڇھوه نه فائده ڪنه ته اِنَّمَا تُجْزَوْنَ مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ڪيازه توه ڇھو تمڪوي سزا يوان دنه يه توه ڪران آسوه دنياس اندر امه پته ڇھو بيان يوان ڪرنه امه نار جهنمه نشه بچنچ ڪياه صورت ڇھه تي ونيو توه پنه نس اهل وعيالس۔ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا تُوْبُوْٓا اِلَى اللّٰهِ تَوْبَةً نَّصُوْحًا اے باايمانو توه ڪريو خداليس برونٹھ ڪنه پوز توبه يعني دلس منز هيو پوز ته ڪامل ندامت تمن گنهن پيٹھ يم از تام ڪرمت ڇھوه آئنده ڪريو پخته عزم گناه ترا ونس پيٹھ امه توبه ڪه برڪته عَسٰى رَبُّكُمْ اَنْ يُّكَفِّرَ عَنْكُمْ سَيِّاٰتِكُمْ وَيُدْخِلَكُمْ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ اميد ڇھه يعني وعده ڇھو توهند پروردگار ڪره توهندين گنهن عفو بيه وات ناوه توه جنته ڪين

مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ ۙ یَوْمَ لَا یُخْزِی اللّٰهُ النَّبِیَّ وَالَّذِیْنَ اٰمَنُوْا مَعَهٗ ۚ
نُوْرُهُمْ یَسْعٰی بَیْنَ اَیْدِیْهِمْ وَبِاَیْمَانِهِمْ یَقُوْلُوْنَ رَبَّنَآ اَتْمِمْ لَنَا
نُوْرَنَا وَاغْفِرْ لَنَا ۚ اِنَّكَ عَلٰی كُلِّ شَیْءٍ قَدِیْرٌ ﴿٨﴾ یٰۤاَیُّهَا النَّبِیُّ جَاهِدِ
الْكُفَّارَ وَالْمُنٰفِقِیْنَ وَاغْلُظْ عَلَیْهِمْ ؕ وَمَاْوٰىهُمْ جَهَنَّمُ ؕ وَبِئْسَ
الْمَصِیْرُ ﴿٩﴾ ضَرَبَ اللّٰهُ مَثَلًا لِّلَّذِیْنَ كَفَرُوا امْرَاَتَ نُوْحٍ وَّ
امْرَاَتَ لُوْطٍ ؕ كَانَتَا تَحْتَ عَبْدَیْنِ مِنْ عِبَادِنَا صَالِحَیْنِ

---

تمن باغن اندر ہمیشه رهڻ جي لاءِ ته جو اهي پڪا آهن يَوْمَ لَا يُخْزِي اللّٰهُ النَّبِيَّ وَالَّذِينَ اٰمَنُوا مَعَهٗ اهو ڏينهن الله تعالیٰ عزت ڏيندو نبي ڪريم صلی الله عليه وسلم کي تمن لوڪن کي جو ايمان آڻي تمن سيت هيا. ساته ميدان محشر پٽي پل صراط پيٺ تم با ايمان ترن جن نُورُهُمْ يَسْعٰى بَيْنَ اَيْدِيهِمْ وَبِاَيْمَانِهِمْ با ايمانن آسه نور ڇنن دوران تمن برونٺ ڪن ته بيه تمن وڃهن ڪن تهِ يَقُولُونَ دعاء آسن ڪران رَبَّنَآ اَتْمِمْ لَنَا نُورَنَا وَاغْفِرْ لَنَا اِنَّكَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيرٌ اي سانه پروردگاره سانه خيطره پوشه ناون يه نور سون يوتهنه يه وته منزئي ڙهتيه گڙه بيه ڪر آسه مغفرت بيشڪ ڙه ڇهڇه پر ته چيزس پيٺ قدرت وول يٰۤاَيُّهَا النَّبِيُّ جَاهِدِ الْكُفَّارَ وَالْمُنٰفِقِينَ وَاغْلُظْ عَلَيْهِمْ وَمَاْوٰىهُمْ جَهَنَّمُ وَبِئْسَ الْمَصِيرُ اے نبي ڪريم جهاد ڪريو ڪافرن سيت سلاح وسامانه سيت بيه ڪريو منافقن سيت جهاد زيوه سيت دليلو سيت بيه ڪريو تمن پيٺ سختي دنياءس اندر ڪيازه تم چهه تته مستحق ته سزاوار آخرتس اندر چهه تهنز جاي نار جهنم سه چهه سيٺهاه سخت پيچه جاي تهنده روزنه خيطره ضَرَبَ اللّٰهُ مَثَلًا لِّلَّذِينَ كَفَرُوا امْرَاَتَ نُوحٍ وَّامْرَاَتَ لُوطٍ الله تعالیٰ ان فرماواکه مثال ڪافرن هنده عبرت ته خيطره نوح عليه السلام سنزه گهرواجنه هنز بيه لوط عليه السلام سنزه گرواجنه هنز۔ كَانَتَا تَحْتَ عَبْدَيْنِ مِنْ عِبَادِنَا صَالِحَيْنِ تمه دوشوئے زنانه آسه سانيو بندواندره خاص دون نيڪوڪار بندن هندس نڪاحس تل فَخَانَتٰهُمَا تمو دوشوي زنانو گر تمن دوشوئن صاحبن هيوند

فَخَانَتٰهُمَا فَلَمْ یُغْنِیَا عَنْهُمَا مِنَ اللّٰهِ شَیْـًٔا وَّ قِیْلَ ادْخُلَا النَّارَ
مَعَ الدّٰخِلِیْنَ ﴿۱۰﴾ وَ ضَرَبَ اللّٰهُ مَثَلًا لِّلَّذِیْنَ اٰمَنُوا امْرَاَتَ
فِرْعَوْنَ اِذْ قَالَتْ رَبِّ ابْنِ لِیْ عِنْدَكَ بَیْتًا فِی الْجَنَّةِ وَ نَجِّنِیْ مِنْ
فِرْعَوْنَ وَ عَمَلِهٖ وَ نَجِّنِیْ مِنَ الْقَوْمِ الظّٰلِمِیْنَ ﴿۱۱﴾ وَ مَرْیَمَ
ابْنَتَ عِمْرٰنَ الَّتِیْۤ اَحْصَنَتْ فَرْجَهَا فَنَفَخْنَا فِیْهِ مِنْ رُّوْحِنَا

---

حق ضایع کیازہ تھنز کرکھنہ فرماں برداری تہ تابعداری تمہ دوشوے زنانہ آسہِ منافق بظاہر آسہ تمن سیت لیکن دِلہ سیت آسہ کافرن سیت فَلَمْ یُغْنِیَا عَنْهُمَا مِنَ اللّٰهِ شَیْـًٔا پس آۓ نہ تم دوشوے نیک بندہ گٔنہ بکار اللہ تعالیٰ اس برونٹھ کنہ تمن دون زنانن وَّ قِیْلَ ادْخُلَا النَّارَ مَعَ الدّٰخِلِیْنَ چنانچہ تمن دوشؤن زنان آو حُکم کرنہ کفرہ سببہ اژیو توہیہ دوشوۓ عام کافرن سیت نارِ جہنمس اندر دون پیغمبرن سیت رشتہ آسنن د توکھنہ کانہہ فایدہ وَ ضَرَبَ اللّٰهُ مَثَلًا لِّلَّذِیْنَ اٰمَنُوا امْرَاَتَ فِرْعَوْنَ بیہ فرماو اللہ تعالیٰ ان بیاکھ مثال باایمانن ہندہ تسلی خیطرہ فرعونہ سندین باژن ہنز حضرت آسیہ بنت مزاحم سنز اِذْ قَالَتْ رَبِّ ابْنِ لِیْ عِنْدَكَ بَیْتًا فِی الْجَنَّةِ وَ نَجِّنِیْ مِنْ فِرْعَوْنَ وَ عَمَلِهٖ وَ نَجِّنِیْ مِنَ الْقَوْمِ الظّٰلِمِیْنَ یلہ تمو دعا کرُ عام حالاتن اندر یا یلہ تمو اکس خاص حالس اندر دعا کرُ یمہ ساتہ فرعونس معلوم سپد تہندہ با ایمان آسنک تم دیوت حُکم یہ کڈیون نس تاپس تو پتہ تہا سیوس اتھن کھورن چار میخ سینس پیٹھ تہاویوس گرنچ بونیم کن تتھ حالس اندر مُونگ تمو یہ دعاء پروردگارا میانہ خیطرہ کر بنا جنتس اندر پنہ نس قربس اندر اکھ گراہ بیہ دِہ مہ نجات فرعونہ سندہ شرہ نشہ بیہ تہنزہ و کفرہ چوکامیو نشہِ بیہ دِہ مہ نجات سارنیٔ ظالمن یعنی کافرن ہندہ شرہ نشہِ یلہ تمو یہ دعا مُونگ تمن آو جنتس اندر سوپنن گرہ ہاونہ یمہ سیت نہ تمن سو تکلیف بوزنے آو وَ مَرْیَمَ ابْنَتَ عِمْرٰنَ الَّتِیْۤ اَحْصَنَتْ فَرْجَهَا فَنَفَخْنَا فِیْهِ مِنْ

وَصَدَّقَتْ بِكَلِمٰتِ رَبِّهَا وَكُتُبِهٖ وَكَانَتْ مِنَ الْقٰنِتِيْنَ ﴿١٢﴾

---

رُّوْحِنَا وَصَدَّقَتْ بِكَلِمٰتِ رَبِّهَا وَكُتُبِهٖ وَكَانَتْ مِنَ الْقٰنِتِيْنَ بیہ چھہ اللہ تعالیٰ ان مسلمانن ہندہ تسلی خیطرہ حضرت مریم یو صہ صاحبزادِ چھہ حضرت عمرانہ سنز مثال بیان فرماو مژ یمہِ پنن ناموس تہ عصمت حلال و حرام دوشوے چیز ونشہِ محفوظ تھوو پس واتہ نوو اَسہِ تمن منز پنن روح یعنی عیسیٰ علیہ السلام بیہ کر تمو تصدیق پنہ نس پروردگارہ سندین پیغامن یم تمن نشہِ ملائکن ہندہ ذریعہ واتہ ناونہ آے بیہ کر تمو تصدیق پروردگارہ سنزن کتابن یعنے تورات وانجیلس بیہ آس سہ واقعی اطاعت و فرماں برداری کرہ وینیو اندرہ






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
تَبٰرَكَ الَّذِیْ بِيَدِهِ الْمُلْكُ ز وَهُوَ عَلٰی كُلِّ شَیْءٍ
قَدِيْرُ ۙ ① الَّذِیْ خَلَقَ الْمَوْتَ وَالْحَيٰوةَ لِيَبْلُوَكُمْ اَيُّكُمْ اَحْسَنُ
عَمَلًا ؕ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْغَفُوْرُ ۙ ② الَّذِیْ خَلَقَ سَبْعَ سَمٰوٰتٍ طِبَاقًا ؕ
مَا تَرٰی فِیْ خَلْقِ الرَّحْمٰنِ مِنْ تَفٰوُتٍ ؕ فَارْجِعِ الْبَصَرَ ۙ هَلْ

---

تَبٰرَكَ الَّذِیْ بِيَدِهِ الْمُلْكُ سو پروردگار چھو سیٹھاہ عالی شان تہٕ برکتہٕ وٲل یمسندس قبضس منز چھہ ساری پادشاہی تہٕ حکومت وَهُوَ عَلٰی كُلِّ شَیْءٍ قَدِيْرُ بیہ چھو سو پرتھ چیزس پیٹھ قدرتہٕ وٲل الَّذِیْ خَلَقَ الْمَوْتَ وَالْحَيٰوةَ لِيَبْلُوَكُمْ اَيُّكُمْ اَحْسَنُ عَمَلًا یم پروردگارن مرن تہٕ زندہ روزن پیدہ کُرُ یوتھ سو توہ آزمائش کرہ کہ توہِ اندرہ کوہ چھوُرت عمل کرنس اندر۔ تس چھو دخل رژہ عملہ اندرا تھ پاٹھ کہ مُوتک خیال تھاو تھ چھو انسان دنیاس فانی زانان مرنہ پتہ بیہ زندہ سپدنہ کہ اعتقادہ سیت چھو آخرتس باقی زانان بیہ چھو آخرتک ثواب حاصل کرنہ خیطرہ بیہ تتہ کہ عذابہ نشہِ بچنہ خیطرہ مستعد روزان اِتھ پاٹھ چھو حیاتس تہٕ عمل کرنس اندر دخل یمہ اعتبارہ کہ حیات نئے آسہِ عمل کتھ اندر کرہ شخص لہذا چھو حیات عملہ ہندہ خیطرہ بمنزلہ ظرف چونکہ موت چھنہ عدم محض چیزاہ بلکہ چھو وجودی لہذا آواتھ پیٹھ مخلوق آسنک حکم کرنہ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْغَفُوْرُ بیہ چھو سو پروردگار زبردست تہٕ غالب یچھ عملن پیٹھ سزاء دیوہ وٕن تہٕ سوی چھو گنہن مغفرت کرہ وٕن تہٕ درگذر کرہ وٕن تہٕ الَّذِیْ خَلَقَ سَبْعَ سَمٰوٰتٍ طِبَاقًا یم پروردگارن ستھ آسمان پیدہ کراکھ اکس پیٹھ چنانچہ حدیث شریفس منز چھو آمت اِکہ اکھ آسمان چھو بیس آسمانس پیٹھ کُن تمہ پیٹھکن چھو تریم آسمان اُتھے پاٹھ چھہ سَتِ ستوے آسمان اِکہ آسمانہ پیٹھ چھہ بیس آسمانس تان پانژن ہتن ورہی ہنز مسافت مَا تَرٰی فِیْ خَلْقِ الرَّحْمٰنِ مِنْ تَفٰوُتٍ ای

تَرٰى مِنْ فُطُوْرٍ ③ ثُمَّ ارْجِعِ الْبَصَرَ كَرَّتَيْنِ يَنْقَلِبْ اِلَيْكَ
الْبَصَرُ خَاسِئًا وَّهُوَ حَسِيْرٌ ④ وَلَقَدْ زَيَّنَّا السَّمَآءَ الدُّنْيَا
بِمَصَابِيْحَ وَجَعَلْنٰهَا رُجُوْمًا لِّلشَّيٰطِيْنِ وَاَعْتَدْنَا لَهُمْ
عَذَابَ السَّعِيْرِ ⑤ وَلِلَّذِيْنَ كَفَرُوْا بِرَبِّهِمْ عَذَابُ جَهَنَّمَ ط
وَبِئْسَ الْمَصِيْرُ ⑥ اِذَآ اُلْقُوْا فِيْهَا سَمِعُوْا لَهَا شَهِيْقًا وَّهِيَ
تَفُوْرُ ⑦ تَكَادُ تَمَيَّزُ مِنَ الْغَيْظِ ط كُلَّمَآ اُلْقِيَ فِيْهَا فَوْجٌ سَاَلَهُمْ

---

آسمانن کي وڇ ونھ ڏھ لڀندءِ حضرت رحمانھ سنڌاتھ ڪاريگري تھ صنعتس اندر ڪنھ قسمڪ خلل نقصان تھ فرق ڪين ڇيڙيو تھ شوبھ ھاسو ڪرن تنھوي پيدھ فَارْجِعِ الْبَصَرَ هَلْ تَرٰى مِنْ فُطُوْرٍ بلا تامل آسمھ ڏھ وار يھ ڦيراتھ ڪن نظر دڙ مڙوئن ڊِتھ ڏھ تاملھ سان بيھ اڪھ نظراءاتھ ڪن ڏھ ڇھو يھ بوزنھ يوان اتھ منز ڪانھ خلاء يا ڦراتاہ ڦھراھ يارماھ ثُمَّ ارْجِعِ الْبَصَرَ كَرَّتَيْنِ توپتھ دتھ ڦير ڦير نظراءڪانھ رخناہ تھ عيباہ تلاش ڪرنھ خيطرہ مگر ڪنھ تھ اندنھ يَنْقَلِبْ اِلَيْكَ الْبَصَرُ خَاسِئًا وَّهُوَ حَسِيْرٌ آخر ڪاراَيھ نظر ڏھ ڪن پوت ڦيرت وڪھ زدگرھت تھ لوسيتھ وَلَقَدْ زَيَّنَّا السَّمَآءَ الدُّنْيَا بِمَصَابِيْحَ وَجَعَلْنٰهَا رُجُوْمًا لِّلشَّيٰطِيْنِ بيھ ڇھ سانھ قدرتچ بڏ دليل ڪھ آسھ ديوت زينت تھ لھلاونکھ تلھ ڪس آسمانس ڙانگيو يعنے ستارو سيت بيھ ڪراسہ تم ستارہ ڪنھ شيطانن يم ملائکن ھنزن ٿنھن ڪن دِنھ ڪھسان آس، دفع تھ دُور ڪرنھ خيطرہ وَاَعْتَدْنَا لَهُمْ عَذَابَ السَّعِيْرِ بيھ ڇھ امھ علاوہ آخرتس اندر تھندہ ڪفرہ سببھ تھندہ خيطرہ تيار ٿھو مت جھنمڪ عذاب، وَلِلَّذِيْنَ كَفَرُوْا بِرَبِّهِمْ عَذَابُ جَهَنَّمَ وَبِئْسَ الْمَصِيْرُ بيھ يم لوڪ پنھ نس پروردگارہ سندس ڪن آسنس اِنڪار ڪران ڇھ تھندہ خيطرہ تھ ڇھو دوزخڪ عذاب سُھ ڇھ سيٺھاہ بچھ جاي اِذَآ اُلْقُوْا فِيْهَا سَمِعُوْا لَهَا شَهِيْقًا وَّهِيَ تَفُوْرُ يلھ تم لوڪ تتھ منز تراونھ ين تم بوزن تمچ اڪھ سخت خوفناڪ ڪريڪھاہ درحاليڪھ سو آسھ گرزان تھ گرتھ گرتھ ڪران۔ تَكَادُ تَمَيَّزُ مِنَ الْغَيْظِ سو آسھ تتھ پاٹھ جوش ماران ڪھ معلوم آسھ سپدان ڪھ ڈن نتھ ڈن ماپھٹھ ڙڪھ سيت يوسھ تس آسہِ مشرڪن تھ

خَزَنَتُهَآ اَلَمْ یَاْتِکُمْ نَذِیْرٌ ﴿۸﴾ قَالُوْا بَلٰی قَدْ جَآءَنَا نَذِیْرٌ ۙ۬ فَکَذَّبْنَا
وَقُلْنَا مَا نَزَّلَ اللّٰهُ مِنْ شَیْءٍ ۚۖ اِنْ اَنْتُمْ اِلَّا فِیْ ضَلٰلٍ کَبِیْرٍ ﴿۹﴾
وَقَالُوْا لَوْ کُنَّا نَسْمَعُ اَوْ نَعْقِلُ مَا کُنَّا فِیْٓ اَصْحٰبِ السَّعِیْرِ ﴿۱۰﴾
فَاعْتَرَفُوْا بِذَنْۢبِهِمْ ۚ فَسُحْقًا لِّاَصْحٰبِ السَّعِیْرِ ﴿۱۱﴾ اِنَّ الَّذِیْنَ
یَخْشَوْنَ رَبَّهُمْ بِالْغَیْبِ لَهُمْ مَّغْفِرَةٌ وَّاَجْرٌ کَبِیْرٌ ﴿۱۲﴾ وَاَسِرُّوْا
قَوْلَکُمْ اَوِ اجْهَرُوْا بِهٖ ۭ اِنَّهٗ عَلِیْمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ ﴿۱۳﴾ اَلَا یَعْلَمُ

---

کافرن ہنز کُلَّمَآ اُلْقِیَ فِیْهَا فَوْجٌ سَاَلَهُمْ خَزَنَتُهَآ اَلَمْ یَاْتِکُمْ نَذِیْرٌ یلہ یلہ تتھ جہنمس منز تراونہ آسہ یوان کافرن ہنز اکھ جماعتھا تمن آسن پرژھان تمیک داروغہ کیا توہِ نَس واژونا کانہہ بیم کرہ وُن پیغمبر اہ یم توہ بیم آسہ ہیو کرمُت یمہ نار جہنمک یہ سوال آسن تم تمن کران بطور زجرو توبیخ قَالُوْا بَلٰی قَدْ جَآءَنَا نَذِیْرٌ تم کافر دپنکھ واقعی آیو واسہِ نشہِ پیغمبر فَکَذَّبْنَا وَقُلْنَا مَا نَزَّلَ اللّٰهُ مِنْ شَیْءٍ اِنْ اَنْتُمْ اِلَّا فِیْ ضَلٰلٍ کَبِیْرٍ مگر شامتہ نہ کارہ زانِ اَسہ تم اپزِ زیر اسہ دُپ تمن پیغمبرن کہ اللہ تعالیٰ ان چھنہ نازل کرمُت از قسم کتاب یا احکام کنہ توہ چھوہ بجہ غلطی اندر پمت وَقَالُوْا لَوْ کُنَّا نَسْمَعُ اَوْ نَعْقِلُ مَا کُنَّا فِیْٓ اَصْحٰبِ السَّعِیْرِ بیہ وَنن تم کافر جہنمہ کین داروغن ہر گاہ اسہِ پیغمبرن ہیو ندونن بوزمُت آسہا فکرہ تورمُت آسہا اس کتہ آسہ ہو تلہ شامل دوزخہ کین لوکن اَندر فَاعْتَرَفُوْا بِذَنْۢبِهِمْ فَسُحْقًا لِّاَصْحٰبِ السَّعِیْرِ پس کرن تم پنہ جرمک اِقرار پس بوٚین لعنت جہنمکین لوکن اِنَّ الَّذِیْنَ یَخْشَوْنَ رَبَّهُمْ بِالْغَیْبِ لَهُمْ مَّغْفِرَةٌ وَّاَجْرٌ کَبِیْرٌ پز پاٹھ یم لوک پنہ نَس پروردگارس وچھنہ ورای کھوژت ایمان واطاعت اختیار کرن تھندہ خیطرہ چھو بوڈ مغفرت تہ بڈ مزور مقرر کرنہ آمژ وَاَسِرُّوْا قَوْلَکُمْ اَوِ اجْهَرُوْا بِهٖ اِنَّهٗ عَلِیْمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ ای لوکو توہ لوتہ پاٹھ کتھ کر تو یا بڈہ بڈ کر تو تس چھہ سارنی چیزن ہنز خبر کیازہ سو چھو دِلن ہنزہ کتھ تان پورزانان اَلَا یَعْلَمُ مَنْ خَلَقَ وَهُوَ اللَّطِیْفُ الْخَبِیْرُ کیا سو پروردگار یم یہ انسان پیدہ کر گو ژھنا زانن تمسند سوروی حال سُوی چھو ساری پوشیدہ چیز زانہ وُن سوی چھو پور باخبر

مَنْ خَلَقَ ۭ وَهُوَ اللَّطِيْفُ الْخَبِيْرُ ﴿١٤﴾ هُوَ الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ
الْاَرْضَ ذَلُوْلًا فَامْشُوْا فِيْ مَنَاكِبِهَا وَكُلُوْا مِنْ رِّزْقِهٖ ۭ وَاِلَيْهِ
النُّشُوْرُ ﴿١٥﴾ ءَاَمِنْتُمْ مَّنْ فِي السَّمَاۗءِ اَنْ يَّخْسِفَ بِكُمُ
الْاَرْضَ فَاِذَا هِيَ تَمُوْرُ ﴿١٦﴾ اَمْ اَمِنْتُمْ مَّنْ فِي السَّمَاۗءِ اَنْ
يُّرْسِلَ عَلَيْكُمْ حَاصِبًا ۭ فَسَتَعْلَمُوْنَ كَيْفَ نَذِيْرِ ﴿١٧﴾ وَلَقَدْ
كَذَّبَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ فَكَيْفَ كَانَ نَكِيْرِ ﴿١٨﴾ اَوَلَمْ يَرَوْا

---

هُوَ الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ الْاَرْضَ ذَلُوْلًا فَامْشُوْا فِيْ مَنَاكِبِهَا وَكُلُوْا مِنْ رِّزْقِهٖ وَاِلَيْهِ النُّشُوْرُ سو ڇو ته اهو منعم آهي تو هانده خطره کري زمين رام ته مسخر سو ڇو ته هند ساري تصرفات قبول ڪرن پس ڦير يو ته ڦرن وتن اندر توپته کيو خدا جي سند سو رزق پس تم آٿه زمينس اندر پيدا ڪرائيته طريقه حاصل ڪرت مگر يمه ڪٿه هيوند تهاو يو واره خيال ڪه تس ڪن ڇوه ڇتولا ڪه واتن دوباره زنده سپدت لهذا ڪريو تهنز ن نعمتن هنز شڪر گذاري ايمان واطاعته سيت۔ ءَاَمِنْتُمْ مَّنْ فِي السَّمَاۗءِ اَنْ يَّخْسِفَ بِكُمُ الْاَرْضَ فَاِذَا هِيَ تَمُوْرُ اے لوکو ڪيا توه ڇهوه تس ذات پاڪس نشه صوکهس اندر بے خوف سپد مت يسند حڪم ته تصرف ڇهو آسمانن اندر سو ڪيا واله توه قارونه سند پاٿه زمينس تل پس اِيه تته زمينس بو نيول بيه وو ڇهيس نٿه توپته سپد ليس تلڪ پيٺه يعني اي لوکو توه ڦيريو ته پکيو اته زمينس پيٺه کيو خدا جه سند رزق مگر مغرور گڇ تهه مه سپد يو غافل تهنده ياده نشه اَمْ اَمِنْتُمْ مَّنْ فِي السَّمَاۗءِ اَنْ يُّرْسِلَ عَلَيْكُمْ حَاصِبًا ڪنه توه لوک ڇهوه بے خوف ته صوکهس اندر تس ذات پاڪس نشه يسند حڪم ته تصرف ڇهو آسمانن اندر يمه ڪٿه نشه ڪه سو ڪيا سوزه تو هگن سخت تيزواوته منزڪنه ڦل ته آسن قوم عادڪ پاٿه يمه سيت توه ته هلاک گڇهيو۔ توهنده ڪفره موجب گوڙه توه تي بنن وئن هر گاه ڪنه مصلحته سببه تته منز تاخير سپدان ڇهو سردست توه پيٺه عذاب ڇهنه نازل سپدان فَسَتَعْلَمُوْنَ كَيْفَ نَذِيْرِ مگر عنقريب تگه توهه زانن ڪه ميون بيم ڪرن ته کهوڙه ناون عذابه نشه ڪيو تهه اوس۔ وَلَقَدْ كَذَّبَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ فَكَيْفَ كَانَ

إِلَى الطَّيْرِ فَوْقَهُمْ صَٰٓفَّٰتٍ وَيَقْبِضْنَ ۚ مَا يُمْسِكُهُنَّ إِلَّا الرَّحْمَٰنُ ۚ
إِنَّهُۥ بِكُلِّ شَيْءٍۭ بَصِيرٌ ﴿١٩﴾ أَمَّنْ هَٰذَا الَّذِي هُوَ جُندٌ لَّكُمْ
يَنصُرُكُم مِّن دُونِ الرَّحْمَٰنِ ۚ إِنِ الْكَٰفِرُونَ إِلَّا فِي غُرُورٍ ﴿٢٠﴾
أَمَّنْ هَٰذَا الَّذِي يَرْزُقُكُمْ إِنْ أَمْسَكَ رِزْقَهُۥ ۚ بَل لَّجُّوا
فِي عُتُوٍّ وَنُفُورٍ ﴿٢١﴾ أَفَمَن يَمْشِي مُكِبًّا عَلَىٰ وَجْهِهِۦٓ
أَهْدَىٰٓ أَمَّن يَمْشِي سَوِيًّا عَلَىٰ صِرَٰطٍ مُّسْتَقِيمٍ ﴿٢٢﴾

---

نَكِيرِ بے شک یمو لوکو یمن برونٹھ دین حقس اپز گنزرت اِنکار کرو چھو میوں عذاب کتھ پاٹھ سپد تمن پیٹھ واقع آسمانچ تہ زینچ ذکر کرنہ پتہ چھ بیان کران زمین و آسمانس درمیان یُس فضا چھو تتھ منز تہ چھ میانہ کُن آسنچ دلیلہ اَوَلَمْ يَرَوْا إِلَى الطَّيْرِ فَوْقَهُمْ صَٰٓفَّٰتٍ وَيَقْبِضْنَ کیا تمو لوکو دژنا نظر پانس پیٹھ کُن وڈہ وینن جانورن کُن یم پننن پر مژراو تھ وڈان چھ بیہ چھ پر وٹھتھ تہ وڈان دوشوٕن حالتن اندر رچھنہ تم باوجود ثقل تہ گوبیر آسنہ پتھر پیوان مَا يُمْسِكُهُنَّ إِلَّا الرَّحْمَٰنُ کانہہ تہ چھنہ تمن ہواءس اندر مُعلق تھاوان رحمتہ والس خدایس ورای إِنَّهُۥ بِكُلِّ شَيْءٍۭ بَصِيرٌ بے شک پر تھ چیزس کُن چھ تس نظر اِتھ پاٹھ خوش کریس تتھ پاٹھ چھو تتھ منز تصرف کران وُنی یلہ توہ بوزوہ کہ خدایہ سند تصرفات چھ پرتھ چیزس پیٹھ أَمَّنْ هَٰذَا الَّذِي هُوَ جُندٌ لَّكُمْ يَنصُرُكُم مِّن دُونِ الرَّحْمَٰنِ إِنِ الْكَٰفِرُونَ إِلَّا فِي غُرُورٍ وُنی ونتو توہ کہ حضرت رحمانس ورای کوہ چھو توہِ یُس توہِ لشکر بنت بلایو تہ آفتو نشہ نجات دنس اندر مدد ہیکہ کرت کافریم پنہ نین معبودان باطلن نسبت یہ خیال تھاو تھ چھ تم چھ بالکل دھوکس منز أَمَّنْ هَٰذَا الَّذِي يَرْزُقُكُمْ إِنْ أَمْسَكَ رِزْقَهُۥ اِتہ ونتو توہ لوک کہ سُو کوہ شخص چھو یُس توہ رزق ہیکہ دت ہرگاہ اللہ تعالیٰ بند کرہ توہ نشہ پنون رزق مگر یمن لوکن چھنہ یمو کتھو سیت تہِ کانہہ اثر سپدان بَل لَّجُّوا فِي عُتُوٍّ وَنُفُورٍ بلکہ تم رودڑاڈ کرت سرکش تہ ژلنس پیٹھ أَفَمَن يَمْشِي مُكِبًّا عَلَىٰ وَجْهِهِۦٓ أَهْدَىٰٓ أَمَّن يَمْشِي سَوِيًّا عَلَىٰ صِرَٰطٍ مُّسْتَقِيمٍ یہ کتھ بوزت سوچیو وارہ کیا سو شخص لیس وتہ ہندہ

قُلْ هُوَ الَّذِیْۤ اَنْشَاَكُمْ وَ جَعَلَ لَكُمُ السَّمْعَ وَ الْاَبْصَارَ وَ
الْاَفْـِٕدَةَ ؕ قَلِیْلًا مَّا تَشْكُرُوْنَ ﴿۲۳﴾ قُلْ هُوَ الَّذِیْ ذَرَاَكُمْ فِی
الْاَرْضِ وَ اِلَیْهِ تُحْشَرُوْنَ ﴿۲۴﴾ وَ یَقُوْلُوْنَ مَتٰى هٰذَا الْوَعْدُ
اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِیْنَ ﴿۲۵﴾ قُلْ اِنَّمَا الْعِلْمُ عِنْدَ اللّٰهِ ۪ وَ اِنَّمَاۤ اَنَا
نَذِیْرٌ مُّبِیْنٌ ﴿۲۶﴾ فَلَمَّا رَاَوْهُ زُلْفَةً سِیْٓـَٔتْ وُجُوْهُ الَّذِیْنَ

---

ناسہ تراس آسنہ موکھ کونتِ لگان آسن تہ سو آسہ بو تھکن پیوان پکان سو چھا منزل مقصودس پیٹھ زیادہ واتہ ون ہنہ سو شخص چھویس سیزہ تہ ہموار وتہ پیٹھ پکان آسہِ یہوی حال چھو با ایمانس تہ کافرہ سُند با ایمان چھو پکان صراط مستقیمس پیٹھ افراط و تفریطہ ورای کافر چھو گمراہی ہند یو کھوژو پیٹھ پکان یتھ اندر جایہ جایہ خطرے چھس سو کیاہ ییکہ واتتھ منزل مقصودس او تان آسہ توحیدہ چہ دلیلہ یمہ نبر نبر چھہ امہِ پتہ چھہ تمہ دلیلہ بیان یوان کرنہ یمہ انسانس پانس اندر چھہ قُلْ هُوَ الَّذِیْۤ اَنْشَاَكُمْ وَ جَعَلَ لَكُمُ السَّمْعَ وَ الْاَبْصَارَ وَ الْاَفْـِٕدَةَ ؕ قَلِیْلًا مَّا تَشْكُرُوْنَ تو فرماویو کھ یا رسول اللہ سو پروردگار گو سوی قدرتہ وول تہ نعمتہ عطا کرہ ون یم تو پیدہ کروہ بیہ یم بوزنہ خطرہ کن دچھنہ خیطرہ اچھہ زانتہ خیطرہ دِل عطا کر تو یمن نعمتن پیٹھ پزہ ہا تو سٹھاہ شکر دِین مگر تو چھوہ سٹھاہ کم شکر دِین یمن نعمتن ہیوند شکر گیوو کہ یم طاقت تہ قوت گژھہ استعمال کرنہ تمی جاین اندر یمن منز اللہ تعالیٰ سندرضا آسہا تہ کروہ نہ توہِ قُلْ هُوَ الَّذِیْ ذَرَاَكُمْ فِی الْاَرْضِ وَ اِلَیْهِ تُحْشَرُوْنَ تو فرماویو کھ اِتہ کہ سوی چھو سو پروردگار یم تو پیدہ کرت روی زمینس اندر چھکر اوو تو پتہ اَیو تو بیہ تس نشہ جمع کرنہ تہ سزا ونہ لیس نشہ آوہ تس نشہ چھو تو بیہ واتُن تو اُوس لازم تس نشہ گوژھنہ اکس دمس تہ غافل روزن پر تھ وقتہ گژھہ تو فکر آسن کہ اس کیاہ گژھو پنہ نس مالکس نشہ اس کمہ بوتھ واتو تس نشہ اتھ چھنہ کافرن پژھی وَ یَقُوْلُوْنَ مَتٰى هٰذَا الْوَعْدُ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِیْنَ تم چھہِ دپان یہ قیامتک وعدہ کرایہ لبنہ ہر گاہ پزہ زیر چھوہ تو قُلْ اِنَّمَا الْعِلْمُ عِنْدَ اللّٰهِ ۪ وَ اِنَّمَاۤ اَنَا نَذِیْرٌ مُّبِیْنٌ تو فرماویو کھ جواب کہ امہ قیامتہ تعینک علم چھو خدایس

كَفَرُوْا وَقِيْلَ هٰذَا الَّذِيْ كُنْتُمْ بِهٖ تَدَّعُوْنَ ﴿٢٧﴾ قُلْ اَرَءَيْتُمْ
اِنْ اَهْلَكَنِيَ اللّٰهُ وَمَنْ مَّعِيَ اَوْ رَحِمَنَا فَمَنْ يُّجِيْرُ الْكٰفِرِيْنَ
مِنْ عَذَابٍ اَلِيْمٍ ﴿٢٨﴾ قُلْ هُوَ الرَّحْمٰنُ اٰمَنَّا بِهٖ وَعَلَيْهِ
تَوَكَّلْنَا ۚ فَسَتَعْلَمُوْنَ مَنْ هُوَ فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ ﴿٢٩﴾ قُلْ

---

يو تھ بو ٹھس محض نن پاٹھ تو ہندہ خطرناک مستقبلک بیم کرہ ون فَلَمَّا رَاَوْهُ زُلْفَةً سِيْٓـَٔتْ وُجُوْهُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَقِيْلَ هٰذَا الَّذِيْ كُنْتُمْ بِهٖ تَدَّعُوْنَ پس یلہ سو ہولناک مستقبل یعنی سو عذاب یمیوک تمن وعدہ تہاونہ چھو یوان و چھن تم نکھتل واتان تتھ کُن نظر پیوہ ونوی ہگرن تمن کافرن ہند بو تھ شکلہ ڈلنکھ ونہ اِکھ یہوی کیا گو سو عذاب یس توہ جلد ژھانڈان آسیو قُلْ اَرَءَيْتُمْ اِنْ اَهْلَكَنِيَ اللّٰهُ وَمَنْ مَّعِيَ اَوْ رَحِمَنَا فَمَنْ يُّجِيْرُ الْكٰفِرِيْنَ مِنْ عَذَابٍ اَلِيْمٍ توہ فرماویو کھ یارسول اللہ ای کافرو توہ ونتو یہ ہرگاہ اللہ تعالیٰ توہنزہ خواہشہ موجب مہ بیہ یم بایمان مہ سیت چھہ تمن ہلاک کرہ یا ہرگاہ سو سانہ وینز موجب تہ پنہ نہ وعدہ موجب اسہ پیٹھ رحم کرہ دوشوئن حالن ہیوند کیاہ اثر چھو توہ پیٹھ توہ ہیو خبر پنہ نی حالچ توہ کیاہ بنوہ یعنے کافرن چھو بہرحال عذابس گرفتار سپدن تمن کوہ ہیکہ موکلات دود تہ دگ تلہ ونہ عذابہ نشہ قُلْ هُوَ الرَّحْمٰنُ اٰمَنَّا بِهٖ وَعَلَيْهِ تَوَكَّلْنَا توہ فرماویو کھ یارسول اللہ ایہ کہ سو معبود برحق چھو سیٹھاہ رحمتہ وول اسہ چھہ پڑھ کرمژ تہ ایمان اُمت تس ایمانہ کہ برکتہ دِیہ سُو اَسہ نجات بیہ چھہ اس تس پیٹھ اعتماد تہ توکل کران تمہ کہ برکتہ سپد وامن مقصدن اندر کامیاب اسہ رچھہ سو آخر تک عذابہ نشہ تہ دنیاکیو حادثاتو نشہ تہ فَسَتَعْلَمُوْنَ مَنْ هُوَ فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ یلہ توہ عذابس گرفتار گژھیو تہ اس روزو تمہ عذابہ نشہ محفوظ تمی ساتہ سپدہ توہ معلوم کوہ چھو ونہ گمراہی اندر اِس آسوہ یُس توہ خیال چھو کنہ توہ آسیو یہ سون عقیدہ چھو قُلْ اَرَءَيْتُمْ اِنْ اَصْبَحَ مَآؤُكُمْ غَوْرًا فَمَنْ يَّاْتِيْكُمْ بِمَآءٍ مَّعِيْنٍ توہ فرماویو کھ یارسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم اِتہ کہ ای لوکو ہرگاہ توہند آب یُس چشمو تہ کیریو منزہ نیران چھو ہرگاہ یہ شریپت گژھہ زمینس منز کیرہ تہ ناگ توہند گژھن خشک ادہ کوہ ہیکہ انتی توہ آب جاری

أَرَءَيْتُمْ إِنْ أَصْبَحَ مَآؤُكُمْ غَوْرًا فَمَنْ يَأْتِيكُمْ بِمَآءٍ مَّعِينٍ ﴿٣٠﴾ ع

---

حدیث شریفس منز چھو آمت کہ یُس شخص سورہ ملک پرہ توہ پتہ پرِہ یہ آیہ کریمہ (قُلْ أَرَءَيْتُمْ) الخ سو پرِن اللہ یاتینا بِہ وھو رب العٰلمین مگر یہ چھو پرہ وُنسی پرنُ بوزہ وُنین نہ کنہ کیازہ لفظ حدیث وچھو من قرأ یہ لفظ چھنہ من سمع اتھ گن نظر کرت چھوا مسیِ پرن مقتدین نہ کنہِ۔



# سُوْرَةُ الْقَلَمِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

نٓ وَالْقَلَمِ وَمَا يَسْطُرُوْنَ ۝١ مَآ اَنْتَ بِنِعْمَةِ رَبِّكَ
بِمَجْنُوْنٍ ۝٢ وَاِنَّ لَكَ لَاَجْرًا غَيْرَ مَمْنُوْنٍ ۝٣ وَاِنَّكَ
لَعَلٰى خُلُقٍ عَظِيْمٍ ۝٤ فَسَتُبْصِرُ وَيُبْصِرُوْنَ ۝٥ بِاَيِّكُمُ الْمَفْتُوْنُ ۝٦
اِنَّ رَبَّكَ هُوَ اَعْلَمُ بِمَنْ ضَلَّ عَنْ سَبِيْلِهٖ وَهُوَ اَعْلَمُ

---

نٓ پروردگارسی چھو معلوم امہ اندرہ کیاہ چھو مراد وَالْقَلَمِ وَمَا يَسْطُرُوْنَ قسم چھو قلمک یمہ سیت مخلوقاتن ہند تقدیر لوح محفوظس پیٹھ لکھنہ آمت چھہ بیہ چھو قسم تمن ملائکن ہند لکھنک یم لوکن ہنزہ عملہ لکھان چھہ مَآ اَنْتَ بِنِعْمَةِ رَبِّكَ بِمَجْنُوْنٍ توہہ چھوہ نہ پنہ نس پروردگارہ سندہ فضلہ سیت مت تہ دیوانہ یتھ پاٹھ تہوندِہ نبوتکِ منکروتان چھہ غرض چھوکہ توہہ چھوہ نبی برحق شک و شبہ ورای وَاِنَّ لَكَ لَاَجْرًا غَيْرَ مَمْنُوْنٍ بے شک تہوندہ خیطرہ چھولوکن تبلیغ احکام کرنہ خیطرہ لوکن ہنزن یچھ کتھن پٹھ صبر کرنہ خیطرہ سوبوڈ ثواب یُسنہ زاہ ورہ دن چھو وَاِنَّكَ لَعَلٰى خُلُقٍ عَظِيْمٍ بیہ چھوہ توہہ بے شک رتین خلقن ہندِس اعلیٰ پیمانس پٹھ پیدہ کرنہ آمت توہنزِ پرت کامہ چھہ اعتدالس پٹھ مجنونس گتہ چھو آسان کامین اندر توازن تہ اعتدال دشمن تہوندیم امہ قسمچہ کتھہ وتان چھہ تمیوک مہ برویو توہ کانہ غم فَسَتُبْصِرُ وَيُبْصِرُوْنَ * بِاَيِّكُمُ الْمَفْتُوْنُ عنقریب وچھیو توہ یارسول اللہ بیہ وچھن تم تہ کہ توہ اندرکس چھو مجنون تہ دیوانہ جنونچ حقیقت چھہ عقل زائل گژھن عقلہ ہوند غایت چھو نفع و نقصان فکرہ ترن نقصان گوسوی یُس ابدی آسہ لیس پنہ قیامتک دوہ تمن تہوندن دشمن کہ عاقل تہ گاٹل آس باایمان یموبیہ نفع ابدی حاصل کر مجنون تہ دیوانہ آس کافریٖنے یمے دشمن یم امہ نفع ابدی نشہ محروم سپدت ضرر و نقصانِ ابدلیس مبتلا سپد۔ اِنَّ رَبَّكَ هُوَ اَعْلَمُ بِمَنْ ضَلَّ عَنْ سَبِيْلِهٖ وَهُوَ اَعْلَمُ

بِالْمُهْتَدِيْنَ ⑦ فَلَا تُطِعِ الْمُكَذِّبِيْنَ ⑧ وَدُّوْا لَوْ تُدْهِنُ
فَيُدْهِنُوْنَ ⑨ وَلَا تُطِعْ كُلَّ حَلَّافٍ مَّهِيْنٍ ⑩ هَمَّازٍ مَّشَّآءٍۢ
بِنَمِيْمٍ ⑪ مَّنَّاعٍ لِّلْخَيْرِ مُعْتَدٍ اَثِيْمٍ ⑫ عُتُلٍّۭ بَعْدَ ذٰلِكَ زَنِيْمٍ ⑬
اَنْ كَانَ ذَا مَالٍ وَّبَنِيْنَ ⑭ اِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِ اٰيٰتُنَا قَالَ
اَسَاطِيْرُ الْاَوَّلِيْنَ ⑮ سَنَسِمُهٗ عَلَى الْخُرْطُوْمِ ⑯ اِنَّا بَلَوْنٰهُمْ كَمَا

---

بِالْمُهْتَدِيْنَ بے شک تهوند پروردگار چهولس شخص واره زانان ئُس تهنزه وته نشه ڈول سوي چهوه واره زانان سينزه وتہِ پته پکه وتن لهذا يه سوي پرت كانسه جزاته سزاوين يله توه سپد معلوم كه توه چهو پزس پته تهوند دشمن چهه اپزس پته۔ فَلَا تُطِعِ الْمُكَذِّبِيْنَ پس مهز مانيو توه يمن مُنكرن هنزه كته يتهه پا ٹهه نه ازتان مونوكه وَدُّوْا لَوْ تُدْهِنُ فَيُدْهِنُوْنَ تم چهه يژهان توه گژهيو نعوذ بالله پته پس فرض منصبس يعنے تبليغس بت پرستي هندس ترديدس منز تهنده رعايةِ خيطره هناه نرمي كرن تله كرهن تم ته توهندس مخالفس اندر نرمي وَلَا تُطِعْ كُلَّ حَلَّافٍ مَّهِيْنٍ توه مهز مانيو تهنزه كته خصوصاً تتهس شخصه سنزه كته ئُس زياده قسم هاوان آسه ئُس پته نيو پچه حركتو مُوكه خدائيس ته لوكن نشه بے وقعت ته ذليل آسه۔ هَمَّازٍ مَّشَّآءٍۢ بِنَمِيْمٍ يس زركه ته طعنه ديوان آسه يس وناون كران پهيران آسه مَّنَّاعٍ لِّلْخَيْرِ مُعْتَدٍ اَثِيْمٍ يس رژو كاميو نشه لوكن پته رٹه ون آسه ئُس حده نشه ڈله ون آسه ئُس بدكار ته گناه گار آسه عُتُلٍّۭ بَعْدَ ذٰلِكَ زَنِيْمٍ يس بدمزاج ته ژهويل آسه ئُس اِمه ساري علاوه ولدالزناته حرامزاده ته آسه غرض كه توه مهز مانيو تهنزه كته اَنْ كَانَ ذَا مَالٍ وَّبَنِيْنَ يمه موكه كه سو كيا آسه مالهٖ دول ته شُر گهبر وول يعنے دنياس اندر آسه صاحبِ وجاهت اِتتهس شخصه سنز كته مانه نه نشه چهه اس توه ممانعت كران يمه موكه كه اتتهس شخصه سند عادت چهو كه۔ اِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِ اٰيٰتُنَا قَالَ اَسَاطِيْرُ الْاَوَّلِيْنَ يله تمس برونٹه كنه سين آيات پرنه يوان چهه سو چهووناں يمه چهه بے سند كتهه يمه نقل چهه آمژه كرنه برونٹمين نشه سَنَسِمُهٗ عَلَى الْخُرْطُوْمِ اس كرو داغ عنقريب تهنزه نسته پته يعنے قيامتك دوه كرواس

بَلَوْنَآ اَصْحٰبَ الْجَنَّةِ ۚ اِذْ اَقْسَمُوْا لَيَصْرِمُنَّهَا مُصْبِحِيْنَ ﴿١٧﴾ وَلَا
يَسْتَثْنُوْنَ ﴿١٨﴾ فَطَافَ عَلَيْهَا طَآئِفٌ مِّنْ رَّبِّكَ وَهُمْ نَآئِمُوْنَ ﴿١٩﴾
فَاَصْبَحَتْ كَالصَّرِيْمِ ﴿٢٠﴾ فَتَنَادَوْا مُصْبِحِيْنَ ﴿٢١﴾ اَنِ اغْدُوْا عَلٰى
حَرْثِكُمْ اِنْ كُنْتُمْ صٰرِمِيْنَ ﴿٢٢﴾ فَانْطَلَقُوْا وَهُمْ يَتَخَافَتُوْنَ ﴿٢٣﴾

---

تہندہ کفرہ سببہ تہندس بوتھس تہ نستہ پٹھ سو علامت یمہ سیت تمن ساری لوک پرزہ ناوان آسن تمہ سیت سپدن تم وارہ ذلیل تہ رسوا اِنَّا بَلَوْنٰهُمْ كَمَا بَلَوْنَآ اَصْحٰبَ الْجَنَّةِ بے شک اسہ چھہ یمن مکہ کین لوکن آزمائشِ کرمژ سامان عیش دنہ سیت یتھ پٹھ تم مغرور چھہ اس وچھو یم انہ نہ ایمان خدایہ سندس کن آسنس کنہ یم کرن ناشکری کفر و شرکہ سیت یتھ پاٹھ اسہ آزمائش کر تمن برونٹھ باغہ والین (یہ اوس اکھ باغہ حبشس منزیا یمنس منز امہ بانچ آس خبری مکہ کین لوکن تمن باغہ والین ہیوند قصہ چھو یتھ پاٹھ کرہ تمن باغہ والین ہیوند مول اوس پنہ نہ وقت امہ باغہ کہ میوک اکھ بوڑ حصہ غریبن تہ مسکینن اندر تقسیم کران یلہ سو یمہ عالمہ گوا مسند یو نچو یو دوپ یہ سون مول اوس احمق تہ بے عقل کہ یوٹ حصہ امہ باغہ کہ آمدنی ہیوند اوس مسکینن دوان۔ ہرگاہ یہ سوری میوہ اس گرے انو سٹھاہ فائدہ واتہ اسہ چنانچہ اتھ پٹھ سپد یم متفق۔ اِذْ اَقْسَمُوْا لَيَصْرِمُنَّهَا مُصْبِحِيْنَ * وَلَا يَسْتَثْنُوْنَ یلہ تمو پانہ وان قسم ہو وکہ صبحس سلہِ گژھو اس ضرور امہ باغک میوہ ژٹنہ خیطرہ یتہ اعتماد و وثوقہ سان ویتھہ یہ کتھ کہ انشاء اللہ پرنُ تہِ گوکھ مشت یلہ امہ قسمچ بدنیتی سپز یہندین دلن اندر فَطَافَ عَلَيْهَا طَآئِفٌ مِّنْ رَّبِّكَ وَهُمْ نَآئِمُوْنَ پس پھیورراتہ منزی اتھ باغس تہوندس پروردگارہ سندہ طرفہ اکھ کنوی واوہ پھشاہ یتھ نار اوس یمہ سیت یہ سوروی باغ دزِت گوونہ آس تم شو نگھتی۔ فَاَصْبَحَتْ كَالصَّرِيْمِ پس سپُد سو باغ زن تتھ سارسی دروت اوس واینہ آمُت فَتَنَادَوْا مُصْبِحِيْنَ پس ہیوت تمو صبحس نندرہ وتھتھ اکھ اکس آلو دیون اَنِ اغْدُوْا عَلٰى حَرْثِكُمْ اِنْ كُنْتُمْ صٰرِمِيْنَ وتھیو بایو واتیو سلہِ گرہ زمینس پٹھ چھوے غرض میوہ ژٹنک فَانْطَلَقُوْا وَهُمْ يَتَخَافَتُوْنَ پس درائے تم پانہ وان آسِ لو تہ لو تہ کتھہ کران یوتھنہ کانہ بوزہِ اَنْ

أَن لَّا يَدْخُلَنَّهَا الْيَوْمَ عَلَيْكُم مِّسْكِينٌ ﴿٢٤﴾ وَغَدَوْا عَلَىٰ حَرْدٍ
قَادِرِينَ ﴿٢٥﴾ فَلَمَّا رَأَوْهَا قَالُوا إِنَّا لَضَالُّونَ ﴿٢٦﴾ بَلْ نَحْنُ
مَحْرُومُونَ ﴿٢٧﴾ قَالَ أَوْسَطُهُمْ أَلَمْ أَقُل لَّكُمْ لَوْلَا تُسَبِّحُونَ ﴿٢٨﴾
قَالُوا سُبْحَانَ رَبِّنَا إِنَّا كُنَّا ظَالِمِينَ ﴿٢٩﴾ فَأَقْبَلَ بَعْضُهُمْ عَلَىٰ
بَعْضٍ يَتَلَاوَمُونَ ﴿٣٠﴾ قَالُوا يَا وَيْلَنَا إِنَّا كُنَّا طَاغِينَ ﴿٣١﴾

---

لَّا يَدْخُلَنَّهَا الْيَوْمَ عَلَيْكُم مِّسْكِينٌ يعني نه تہ نشہ ازاتھ باغس اندر ڪانہ مسڪين تہ محتاج اڄ تھ ھڪ وَغَدَوْا عَلَىٰ حَرْدٍ قَادِرِينَ پس دراي تم پنہ نہ خيال ڪانسہ نہ ڏنس پٺھ قدرتہ وال زانت خيال اوسڪھ ازدمونہ اس ڪانسہ سوروي انواس پنہ نوي گرہ فَلَمَّا رَأَوْهَا قَالُوا إِنَّا لَضَالُّونَ پس يلہ توت واتھ تھ پٺھ نظر پيڪھ باغہ ڪس اتھ حالس پٺھ ڏپنہ لگ اس ڇھ لگمت خبر ڪوت اسہ ڇھ وتھ راو مڙڪيا زہيتہ ڇھ نہ باغِ واغ اسہِ نظرِ ري يوان توپتہ يلہ اورہ يور نظر اہ وِڙکھ معلوم سپد ڪ يقيناً ڇھ يہ سوي جاي۔ تمہ ساتہ لگ ونہ نہ بَلْ نَحْنُ مَحْرُومُونَ بلڪہ ڇھو اس تمہ نعمتہ نشہ محروم سپد مت قَالَ أَوْسَطُهُمْ أَلَمْ أَقُل لَّكُمْ تموا ندرہ يُس ہناہ جان پہن انسان اوس سو لگو کھ ڏپنہ مہ ونيوہ ناتوہِ ڪہ اُيژھ نيت مہ ڪريو۔ مسڪين فقيرن دنہ سيت ڇھ برڪت بنان امي مُوکھ فرمو اللہ تعالیٰ ان تس جان انسان لَوْلَا تُسَبِّحُونَ تو پتہ دوپ نکھ وئن يہ اتھ سانہ بدنيتي ہندہ شامتہ بنون اوس تہِ جيوس مگروين ڪو نہ ڇھوہ ڪران توتہ خداليس ڪن توبہ تسندياد ڪرنہ سيت تسبيح پرنہ سيت ديوہ اتھ گناہس اسہ معاف ڪرہ امہ خوتہ زيادہ ڪانہ تڪليفاہ اسہِ واتہنہ قَالُوا سُبْحَانَ رَبِّنَا إِنَّا كُنَّا ظَالِمِينَ چنانچہ ساروي ہيوت پرنُ توبہ ڪران ڪران سون پروردگار ڇھو منزہ تہ پاڪ اس ڇھ بے شڪ پان پانس ظلم ڪرہ ون اسہ ڪرُ قصور فَأَقْبَلَ بَعْضُهُمْ عَلَىٰ بَعْضٍ يَتَلَاوَمُونَ پس پھيراڎاڎين ڳن اکھ اکس ہتوکھ الزام ديون (يتھ پاٺھ عادت ڇھو لوڪن ہوند ڪہ ڪوم خراب گڙھت ڇھ اکھ اکس ٹھولہ دوان پانس پٺھ ڇھونہ ڪانہہ بور ہوان قَالُوا يَا وَيْلَنَا إِنَّا كُنَّا طَاغِينَ توپتہ لگ ساري متفق سپدت ونہ نہ ڪہ افسوس واقعي آس اس ساري حدہ ڎلہ وين يہ ڇھو

عَسٰى رَبُّنَآ اَنْ يُّبْدِلَنَا خَيْرًا مِّنْهَآ اِنَّآ اِلٰى رَبِّنَا رٰغِبُوْنَ ﴿٣٢﴾
كَذٰلِكَ الْعَذَابُ ۭ وَلَعَذَابُ الْاٰخِرَةِ اَكْبَرُ ۘ لَوْ كَانُوْا
يَعْلَمُوْنَ ﴿٣٣﴾ اِنَّ لِلْمُتَّقِيْنَ عِنْدَ رَبِّهِمْ جَنّٰتِ النَّعِيْمِ ﴿٣٤﴾
اَفَنَجْعَلُ الْمُسْلِمِيْنَ كَالْمُجْرِمِيْنَ ﴿٣٥﴾ مَا لَكُمْ ۣ كَيْفَ تَحْكُمُوْنَ ﴿٣٦﴾
اَمْ لَكُمْ كِتٰبٌ فِيْهِ تَدْرُسُوْنَ ﴿٣٧﴾ اِنَّ لَكُمْ فِيْهِ لَمَا تَخَيَّرُوْنَ ﴿٣٨﴾

---

نہ اسہ اندرہ اکسندوی یوت خطا بلکہ چھہ اس ساری اتھ اندر خطا کار چھاوداسی سیت نیرہ نہ کنہ تہ اس ساری کرواکہ وٹہ توبہ عَسٰى رَبُّنَآ اَنْ يُّبْدِلَنَا خَيْرًا مِّنْهَآ اِنَّآ اِلٰى رَبِّنَا رٰغِبُوْنَ شاید توبہ کہ برکتہ ماکرہ سون پروردگار اسہِ امہ باغ بدل امہ خوتہ رُت باغہ عطا دنیاءس اندریا آخرتس اندر امہ اندر چھو سپدان معلوم کہ یم لوک آس بایمان بجلہ سبہ سپدک بدنیتی یموک سزا یہ نقصان تلک مگر توبہ کہ برکتہ کرکھ اللہ تعالیٰ ان دنیاءسی اندر امیوک عوض عطا چنانچہ تفسیر روح المعانی اندر چھو عبد اللہ ابن مسعود رضی اللہ عنہ سند قول نقل آمت کرنہ کہ تمن آوامہ وتہ روت باغ عطا کرنہ اللہ تعالیٰ چھو فرماوان كَذٰلِكَ الْعَذَابُ یتھے پاٹھ چھہ آسان سون عذاب ای مکہ کیو کافر و توہِ تہ کیا چھوا تھی عذابک مستحق تہ سزاوار بلکہ امہ خوتہ سخت عذابک سزاوار کیازہ یہ عذاب یمیوک ذکر کرنہ آو یہ آو تمن کرنہ محض اکس معصیتس پٹھ توہ چھوہ کفر تہ شرک کران توہِ شوبہ امہ خوتہ زیادے۔ وَلَعَذَابُ الْاٰخِرَةِ اَكْبَرُ ۘ لَوْ كَانُوْا يَعْلَمُوْنَ آخرتک عذاب چھو یمہ دنیاء کہ عذابہ خوتہ سٹھاہ بوڈ کیاہ روت اوس ہر گاہ یم کافر اتھ کتھ وارہ زانہن۔ اِنَّ لِلْمُتَّقِيْنَ عِنْدَ رَبِّهِمْ جَنّٰتِ النَّعِيْمِ بے شک پرہیزگارن ہندہ خیطرہ چھہ تہندس پروردگارس نشہ آسائش ہند جنت یعنے جنتس واتنک سبب تہ ذریعہ چھو تقویٰ تہ پرہیزگاری کافر تہ مُشرک چھہ امہ نشہ عاری تہ خالی لہذا اتھ پاٹھ ہک تم جنتس واتتھ اَفَنَجْعَلُ الْمُسْلِمِيْنَ كَالْمُجْرِمِيْنَ کیا اس کروکھ فرماں بردار تہ نافرمان برابر مَا لَكُمْ ۣ كَيْفَ تَحْكُمُوْنَ ای کافرو توہ کیا گوہ توہ کمہ بوتھ چھوہ یہ فیصلہ پانس پٹھ دوان۔ اَمْ لَكُمْ كِتٰبٌ فِيْهِ تَدْرُسُوْنَ کیا توہِ نشہ چھا کانہ آسانی کتابہ

اَمْ لَكُمْ اَيْمَانٌ عَلَيْنَا بَالِغَةٌ اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ ۙ اِنَّ لَكُمْ
لَمَا تَحْكُمُوْنَ ۚ ﴿٣٩﴾ سَلْهُمْ اَيُّهُمْ بِذٰلِكَ زَعِيْمٌ ۚ ﴿٤٠﴾ اَمْ لَهُمْ شُرَكَآءُ ۚ
فَلْيَاْتُوْا بِشُرَكَآئِهِمْ اِنْ كَانُوْا صٰدِقِيْنَ ﴿٤١﴾ يَوْمَ يُكْشَفُ
عَنْ سَاقٍ وَّ يُدْعَوْنَ اِلَى السُّجُوْدِ فَلَا يَسْتَطِيْعُوْنَ ﴿٤٢﴾

---

جنھن منجھ توهان پڙهو ٿا اِنَّ لَكُمْ فِيْهِ لَمَا تَخَيَّرُوْنَ بي شڪ جنھن ڪتاب منجھ لکيل آهي ته توهان کي ضرور اهي شيون ملنديون جيڪي توهان پسند ڪندا آهيو، يعني ان ڪتاب ۾ ڇا لکيل آهي ته آخرت ۾ اهو سڀ ڪجهه عطا ڪيو ويندو جيڪو توهان گهرو. اَمْ لَكُمْ اَيْمَانٌ عَلَيْنَا بَالِغَةٌ اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ ڪنهن اسان تي ڪو ذمو کنيل آهي جنهن قسم مان اسان جو پورو فيصلو آهي. ڪنهن قسم مان اسان تي قيامت تائين باقي رهڻ وارو ڪو عهد آهي، جنهن ۾ اهو آهي ته اِنَّ لَكُمْ لَمَا تَحْكُمُوْنَ بي شڪ توهان کي اهو ملندو جيڪو توهان فيصلو ڪريو، يعني ثواب ۽ جنت. سَلْهُمْ اَيُّهُمْ بِذٰلِكَ زَعِيْمٌ توهان پڇو اي رسول الله انهن کان ته انهن مان ڪير آهي جيڪو هن ڳالهه جو ذميوار آهي. اَمْ لَهُمْ شُرَكَآءُ ڇا انهن جا ٺهرايل خدا جا شريڪ آهن جيڪي ذميوار هجن ته انهن کي آخرت ۾ ثواب ۽ جنت ملندي. فَلْيَاْتُوْا بِشُرَكَآئِهِمْ اِنْ كَانُوْا صٰدِقِيْنَ پوءِ انهن کي گهرجي ته پنهنجن شريڪن کي پيش ڪن، جيڪڏهن اهي سچا آهن. هر گز انهن وٽ ڪا دليل ناهي، نه ڪنهن آسماني ڪتاب ۾ آهي ۽ نه ڪنهن طريقي سان انهن کي وعدو ڏنو ويو آهي، نه اسان جو ڪو ذمو آهي ۽ نه انهن جا شريڪ ذميوار آهن، پوءِ اهو بي بنياد دعويٰ آهي جيڪا اهي ڪن ٿا ته وَلَئِنْ رُّجِعْتُ اِلٰى رَبِّيْٓ اِنَّ لِيْ عِنْدَهٗ لَلْحُسْنٰى يعني هر گز نه. خدا جي شان ۾ اهڙيون ڳالهيون ڪرڻ وڏي شرمناڪ ڳالهه آهي، پوءِ الله تعاليٰ بيان ٿو ڪري ته انهن ڪافرن کي ڪهڙي رسوائي پهچندي قيامت جي ڏينهن. يَوْمَ يُكْشَفُ عَنْ سَاقٍ وَّ يُدْعَوْنَ اِلَى السُّجُوْدِ فَلَا يَسْتَطِيْعُوْنَ سو ڏينهن ياد ڪريو جڏهن پنڊي کولي ويندي ۽ سجدي لاءِ سڏيا ويندا پوءِ سگهندا نه. جڏهن تجلي ظاهر ٿيندي ته سڀ ماڻهو سجدي ۾ ڪري پوندا پر ڪافر جيڪي دنيا ۾ خدا کي سجدو نه ڪندا هئا يعني نماز نه پڙهندا هئا، اهي ان وقت سجدو ڪري نه سگهندا. حديث شريف ۾ آهي ته الله تعاليٰ قيامت جي ڏينهن پنهنجي پنڊي ظاهر ڪندو، ان مان مراد ڪا خاص صفت آهي جنهن جي ماڻهن کي سمجهه نه پوندي. حديث شريف ۾ آهي ته اها تجلي ۽ ڇهڻ

خَاشِعَةً اَبْصَارُهُمْ تَرْهَقُهُمْ ذِلَّةٌ ؕ وَقَدْ كَانُوْا يُدْعَوْنَ
اِلَى السُّجُوْدِ وَهُمْ سٰلِمُوْنَ ﴿٤٣﴾ فَذَرْنِىْ وَمَنْ يُّكَذِّبُ بِهٰذَا
الْحَدِيْثِ ؕ سَنَسْتَدْرِجُهُمْ مِّنْ حَيْثُ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿٤٤﴾ وَاُمْلِىْ
لَهُمْ ؕ اِنَّ كَيْدِىْ مَتِيْنٌ ﴿٤٥﴾ اَمْ تَسْـَٔلُهُمْ اَجْرًا فَهُمْ مِّنْ مَّغْرَمٍ
مُّثْقَلُوْنَ ﴿٤٦﴾ اَمْ عِنْدَهُمُ الْغَيْبُ فَهُمْ يَكْتُبُوْنَ ﴿٤٧﴾ فَاصْبِرْ لِحُكْمِ

---

ون ساری مسلمان مرد تہ مسلمان زنانہ سجدہ یم شخص دنیائس اندر ہین ہاوتہ خطرہ سجدہ دوان اس تم ہکن نہ سجدے دتھ تمن گژھ کمر شستر چ پٔٹ ہیو تم ہیکن نہ بون گن نمتھ یہ آسہِ امہ تجلیک اثر کہ مخلص با ایمان سپدن مضطر سجدہ دنس پٹھ ریاکار تہ منافق کرہ ہن سجدہ دِنگ ارادہ مگر قدرت لبن نہ تم سجدہ کرنس پٹھ کافرن ہنز چھنہ کتھی خَاشِعَةً اَبْصَارُهُمْ تَرْهَقُهُمْ ذِلَّةٌ تھزہ اچھ پین شرمندگی سبب بون گن تمن پٹھ آسہ ذلت تہ رسوائی ولنہ آمژ امیوک وجہ آسہ اِی کہ وَقَدْ كَانُوْا يُدْعَوْنَ اِلَى السُّجُوْدِ وَهُمْ سٰلِمُوْنَ یمن اوس دنیاء س اندر سجدس کن نادیوان دنہ یتنے ونہ نہ اوسکھ یوان کہ ایمان انتو معبود برحقہ سنز عبادت کرتو تم اَرِتہ ور آسٹھ آسنہِ خدائیسنز عبادت تہ بندگی کران یمن آسن قیامتک دوہ مختلف حالات کونہ وقتہ آسنکھ غیرت غالب سپدت اچھ ہیور گن درہ لگان، تہ کونہ وقتہ آسنکھ غلبہ ندامت وخجالتہ وزہ بون کن پوان فَذَرْنِىْ وَمَنْ يُّكَذِّبُ بِهٰذَا الْحَدِيْثِ سَنَسْتَدْرِجُهُمْ مِّنْ حَيْثُ لَا يَعْلَمُوْنَ توہ تراویو مہ یارسول اللہ بیہ تمن لوکن یم یتھ کلامس یعنی قرآن مجیدس اپز گنزران چھ موجودہ حالسی پٹھ توہ مہ بانبریو یمن کونہ چھو جلد عذاب کرنہ یوان اس چھک تم واتناوان پاوہ پاوِہ بتدریج جہنمس کُن تمہ طریقہ کہ ژینہ نے نہ تم کہ کتھ بلایہ کُن چھ واتان وَاُمْلِىْ لَهُمْ اِنَّ كَيْدِىْ مَتِيْنٌ سرِدست چھوس بو تمن مہلت دوان بے شک میون تدبیر چھو سیٹھا مضبوط تہ محکم اَمْ تَسْـَٔلُهُمْ اَجْرًا فَهُمْ مِّنْ مَّغْرَمٍ مُّثْقَلُوْنَ کو تاہ تعجب چھو یمن ہندس انکار نبوتس پٹھ کیا توہ چھوہ تمن نشہ تبلیغ ودعوت کرنس پٹھ کِنہ مزدورتہ عوض منگان پس کیا چھہ تم تمکسی بارس تل لگمت تہود چھنہ ہکان وتھت

رَبِّكَ وَلَا تَكُنْ كَصَاحِبِ الْحُوتِ إِذْ نَادٰى وَهُوَ مَكْظُومٌ ﴿۴۸﴾
لَوْلَآ أَنْ تَدٰرَكَهٗ نِعْمَةٌ مِّنْ رَّبِّهٖ لَنُبِذَ بِالْعَرَآءِ وَهُوَ مَذْمُومٌ ﴿۴۹﴾
فَاجْتَبٰهُ رَبُّهٗ فَجَعَلَهٗ مِنَ الصّٰلِحِينَ ﴿۵۰﴾ وَإِنْ يَّكَادُ الَّذِينَ

---

اَمْ عِنْدَهُمُ الْغَيْبُ فَهُمْ يَكْتُبُوْنَ کنہ تمن نشہ چھو غیب علم سو محفوظ تھاونہ خیطرہ پھہ تم سو لکھان یعنے یمن چھا خدایہ سند احکام بیہ کونہ ذریعہ واتان تا ایتھ یمن کیاچھنہ ضرورت تو ہندہ متابعت و پیروی ہنز یہ کتھ چھہ ظاہر کہ یمو دو یو کتھو اندرہ چھنہ تمن نشہ کانہہ کتھ و نے یم تہوندس نبوتس انکار کران چھ کتھ بناہ س پتھ یلہ توہہ معلوم سپد یا رسول اللہ کہ یم چھنہ کفرہ سبہ بہ مستحق عذاب وین یسہٕ تمن مہلتھ یوان چھہ دنہ سہ چھہ امی موکھ یوتھ ناو تہنز برنہ اَیہ مقرر وقتس سپدن تم ضرور گرفتار عذاب فَاصْبِرْ لِحُكْمِ رَبِّكَ پس کریو توہ پنہ نِس پروردگارس سندس اتھ تجویز س پتھ صبر وَلَا تَكُنْ كَصَاحِبِ الْحُوتِ إِذْ نَادٰى وَهُوَ مَكْظُومٌ دل تنگ سپد نس اندر مہ سپدیو توہ گاڑہ ہنزہ ییڈ اندر اژہ ونس پیغمبرس یونس علیہ السلامس ہی تم سپد دشمن پتھ عذاب نازل نہ سپدنہ موکھ دل تنگ سو وقت تہ پاویو ژتس یلہ یونس علیہ السلامن پنہ نس پروردگارس مُونگ دعا یتھ حالس منز کہ تم آس وار یہن غمن اندر بوٗذمت سوگولا الہ الا انت سبحانك انی كنت من الظلمین لَوْلَآ أَنْ تَدٰرَكَهٗ نِعْمَةٌ مِّنْ رَّبِّهٖ لَنُبِذَ بِالْعَرَآءِ وَهُوَ مَذْمُومٌ ہرگہ نے احسان خداوندی تمن دستگیری کرہ ہانہ یہن تراونہ تتھ حالس اندر یتھ حالس اندر گاڑہ ہندہ شکمہ اندرہ کڈت میدانس اندر تراونہ آیئے یچھ طریقس اندر مگر اللہ تعالیٰ ان کر کھ توبہ قبول سوی گیہ دستگیری کرن توبہ قبول کرت ان نکھ نہ روبہ اجتہادی غلطی ہیوندسہٕ آس نہایت بدحالی فَاجْتَبٰهُ رَبُّهٗ فَجَعَلَهٗ مِنَ الصّٰلِحِينَ بلکہ کر تم پنین پروردگارن برگزیدہ تمن گرن زیادہ مرتبہ عطا تم کرن صالحو اندرہ۔ امہ اندر چھہ غرض پنہ نہ اجتہادہ موجب عمل کرن کوتاہ مضر سپد ثابت تہندہ حقہ اِتھے پاٹھہ مہز کریو توہ جلدی کافرن عذاب نازل سپدنس اندر بلکہ کریو توہ صبر تہ توکل تمیوک پھل تہ نتیجہ نیرہ ستھاہ رُوت وَإِنْ يَّكَادُ الَّذِينَ كَفَرُوا لَيُزْلِقُوْنَكَ بِأَبْصَارِهِمْ لَمَّا سَمِعُوا الذِّكْرَ وَيَقُوْلُوْنَ إِنَّهٗ لَمَجْنُوْنٌ یم کافر یلہ یہ قرآن مجید تہوندہ زبان مبارکہ بوزان چھہ سخت عداوتہ کہ سہ

كَفَرُوْا لَيُزْلِقُوْنَكَ بِاَبْصَارِهِمْ لَمَّا سَمِعُوا الذِّكْرَ وَيَقُوْلُوْنَ اِنَّهٗ لَمَجْنُوْنٌ ﴿٥١﴾ وَمَا هُوَ اِلَّا ذِكْرٌ لِّلْعٰلَمِيْنَ ﴿٥٢﴾

---

بہ چھہ توہ کُن تتھ پاٹھ وچھان زن اچھو سیت کھیت ژھن تھنزہ اچھ لگنہ سیت ماڈلن تہ نیرت گژھن تھوند پاےٚ مبارک توہ ایو پتھر لاینہ چھہ شدت عداوتہ موکھے تم توہ ونان نعوذ باللہ موت تہ دیوانہ وَمَا هُوَ اِلَّا ذِكْرٌ لِّلْعٰلَمِيْنَ حالانکہ یہ قرآن مجید یُس توہ تمن پران چھوہ یہ چھو ساری جہانہ خیطرہ بڈ نصیحت تہ وعظ






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
اَلْحَآقَّةُ ۝١ مَا الْحَآقَّةُ ۝٢ وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا الْحَآقَّةُ ۝٣
كَذَّبَتْ ثَمُوْدُ وَعَادٌۢ بِالْقَارِعَةِ ۝٤ فَاَمَّا ثَمُوْدُ فَاُهْلِكُوْا
بِالطَّاغِيَةِ ۝٥ وَاَمَّا عَادٌ فَاُهْلِكُوْا بِرِيْحٍ صَرْصَرٍ عَاتِيَةٍ ۝٦
سَخَّرَهَا عَلَيْهِمْ سَبْعَ لَيَالٍ وَّثَمٰنِيَةَ اَيَّامٍ حُسُوْمًا
فَتَرَى الْقَوْمَ فِيْهَا صَرْعٰى كَاَنَّهُمْ اَعْجَازُ نَخْلٍ خَاوِيَةٍ ۝٧

---

اَلْحَآقَّةُ * مَا الْحَآقَّةُ سو قیامتُک وقت کیاہ چھو قیامتُک وقت وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا الْحَآقَّةُ توہ کیاہ چھہ خبر سو قیامتُک وقت کوتاہ مشکل تہ ہولناک چھو كَذَّبَتْ ثَمُوْدُ وَعَادٌۢ بِالْقَارِعَةِ قوم ثمودن تہ قوم عادن زون اپز سوڑ ٹیون دوہ یُس دوہ آسمانس تہ زمینس زونہ تہ آفتابس گٔمن تہ بالن ژِیٹھ تراوہ بیہ کمن کمن سخت چیزن ریزہ ریزہ تہ سور کرہ تتھ دوہس انکار کرنہ مُوکھ چھیہ خبر کیاہ گذریوو یمن دوشؤن قومن فَاَمَّا ثَمُوْدُ فَاُهْلِكُوْا بِالطَّاغِيَةِ پس آو قوم ثمود گالنہ جبریل آینہ سنزہ کونی کریکہ سیت تھزہ اِہ جایہ الراونہ آیہ دت ویس پیہ۔ وَاَمَّا عَادٌ فَاُهْلِكُوْا بِرِيْحٍ صَرْصَرٍ عَاتِيَةٍ قوم عادیس اوس سو آدگالنہ سخت تہ تیز واوہ سیت یس بے قابو سپد مُت اوس سَخَّرَهَا عَلَيْهِمْ سَبْعَ لَيَالٍ وَّثَمٰنِيَةَ اَيَّامٍ حُسُوْمًا یُس واو مسلط کرنہ آو تمن پیٹھ برابر ستن راتن تہ آٹھن دوہن پےَ درپےَ فَتَرَى الْقَوْمَ فِيْهَا صَرْعٰى كَاَنَّهُمْ اَعْجَازُ نَخْلٍ خَاوِيَةٍ ای مخاطب ہرگہ ژٕہ تمہ وقتہ تتھ جایہ موجود آسکھ ژٕہ وُچھہن سو قوم زمینس پیٹھ ویس پیومُت زن تم کھوکھرن خضر کولین ہندبو نیم حصہ آس قد بلند موکھ آکھ خضر

فَهَلۡ تَرٰی لَهُمۡ مِّنۡۢ بَاقِیَةٍ ﴿٨﴾ وَجَآءَ فِرۡعَوۡنُ وَمَنۡ قَبۡلَهٗ
وَالۡمُؤۡتَفِكٰتُ بِالۡخَاطِئَةِ ﴿٩﴾ فَعَصَوۡا رَسُوۡلَ رَبِّهِمۡ
فَاَخَذَهُمۡ اَخۡذَةً رَّابِیَةً ﴿١٠﴾ اِنَّا لَمَّا طَغَا الۡمَآءُ حَمَلۡنٰكُمۡ
فِی الۡجَارِیَةِ ﴿١١﴾ لِنَجۡعَلَهَا لَكُمۡ تَذۡكِرَةً وَّتَعِیَهَاۤ اُذُنٌ وَّاعِیَةٌ ﴿١٢﴾
فَاِذَا نُفِخَ فِی الصُّوۡرِ نَفۡخَةٌ وَّاحِدَةٌ ﴿١٣﴾ وَّحُمِلَتِ الۡاَرۡضُ

---

کولین سیت تشبیہ ڏنہ فَهَلۡ تَرٰی لَهُمۡ مِّنۡۢ بَاقِیَةٍ پس ڇھو ٻیہ ڙہ اے مخاطب تمو اندرہ کانہ دریٺھ یوان۔ یعنے تمو اندرہ روڏنہ اکھ تہ باقی تم ای مُولہ مونجہ صفحہ ہستی نشہ نیست ونابود کرنہ تھوند ٻیول تان آوگالنہ وَجَآءَ فِرۡعَوۡنُ وَمَنۡ قَبۡلَهٗ وَالۡمُؤۡتَفِكٰتُ بِالۡخَاطِئَةِ اتھے پاٹھ آو فرعون ٻیہ یم لوک تس برونٹھ آس قوم نوح ٻیہ قوم لوط یمن ہنزن جاین تہ بستین تلوک پٹھ آو کرنہ بڈبڈ قصور تہ جرم ہیت یعنے کفر تہ شرک تمہ خیطرہ سوز آسہ تمن کُن پنُن پیغمبر۔ فَعَصَوۡا رَسُوۡلَ رَبِّهِمۡ فَاَخَذَهُمۡ اَخۡذَةً رَّابِیَةً مگر تموکرِس پنہ نس خدایہ سندس پیغمبرہ سنز نافرمانی کفر وشرک نشہ رُوزنہ پتھ ٻیہ کرکھ قیامتس تہ انکار پس رٹ تم اللہ تعالیٰ ان سٹھاہ سختی سان۔ تمو اندرہ قوم عاد و ثمود تھوند قصہ آو بیان کرنہ وین ڇھو یوان بیان کرنہ قوم نوحس متعلق اِنَّا لَمَّا طَغَا الۡمَآءُ حَمَلۡنٰكُمۡ فِی الۡجَارِیَةِ یلہ نوح علیہ السلامہ سندہ وقتہ آبس یوپ کھوت عالم سپدت غرق تھندیو کو ہو پٹھ کن گو آب ژتجہِ گز تمہ ساتھ کھاروہ اسہ توہ ناوہ اندر یعنے تمہ وقتک تھوند آباء واجداد یم باایمان آس کیازہ تمن نجات بنون سپد باعث توہندہ وجودک تمن سنے نجات ہنہ ہاتھو ند وجودی آسہانہ کونہ باقی نافرمان تہ کافر ڇھاٹواسہ ساری لِنَجۡعَلَهَا لَكُمۡ تَذۡكِرَةً وَّتَعِیَهَاۤ اُذُنٌ وَّاعِیَةٌ تاکہ اس یتھ کرون یہ معاملہ توہندہ خیطرہ اکھ یادگار راہ تہ عبرت سبہ یہ ٻیہ یوتھ ژلتس تھاوہ ونن یہ واقعہ پور ژلتس تھاون یعنے یوتھ لوک یہ کتھ ژلتس تھاوتھ تمو نافرمانیو نشہ پتھ روزن یمو سیت یژھن بلاین گرفتار ڇھ سپدان یہ گواوتان قیامتہ کین منکرن ہوند حال امہ پتہ ڇھو بیان یوان کرنہ قیامتک ہولناک حالات فَاِذَا نُفِخَ فِی الصُّوۡرِ نَفۡخَةٌ وَّاحِدَةٌ تمہ پتہ یلہ یوغس منزاَیہ

وَّالْجِبَالُ فَدُكَّتَا دَكَّةً وَّاحِدَةً ﴿١٤﴾ فَيَوْمَئِذٍ وَّقَعَتِ الْوَاقِعَةُ ﴿١٥﴾
وَانْشَقَّتِ السَّمَآءُ فَهِيَ يَوْمَئِذٍ وَّاهِيَةٌ ﴿١٦﴾ وَّالْمَلَكُ عَلٰٓى اَرْجَآئِهَا
وَيَحْمِلُ عَرْشَ رَبِّكَ فَوْقَهُمْ يَوْمَئِذٍ ثَمٰنِيَةٌ ﴿١٧﴾ يَوْمَئِذٍ
تُعْرَضُوْنَ لَا تَخْفٰى مِنْكُمْ خَافِيَةٌ ﴿١٨﴾ فَاَمَّا مَنْ اُوْتِىَ
كِتٰبَهٗ بِيَمِيْنِهٖ فَيَقُوْلُ هَآؤُمُ اقْرَءُوْا كِتٰبِيَهْ ﴿١٩﴾ اِنِّىْ
ظَنَنْتُ اَنِّىْ مُلٰقٍ حِسَابِيَهْ ﴿٢٠﴾ فَهُوَ فِىْ عِيْشَةٍ رَّاضِيَةٍ ﴿٢١﴾

---

کٹوی پھوک دنہ (یعنے گوڈنیوک پھوک) وَّحُمِلَتِ الْاَرْضُ وَالْجِبَالُ فَدُكَّتَا دَكَّةً وَّاحِدَةً بیہ ین
زمین تہ کوہ تمہ وقتہ تھودتُلنہ پتہ نہ جایہ نشہ ڈالنہ یس آیہ دوشوٗئن ریزہ ریزہ کرنہ فَيَوْمَئِذٍ وَّقَعَتِ الْوَاقِعَةُ
تمی دوہ کیا سپدہ واقع سو چیز یُس سپدہ ون آسہ یعنی قیامت وَانْشَقَّتِ السَّمَآءُ فَهِيَ يَوْمَئِذٍ وَّاهِيَةٌ بیہ
پھٹہ تمہ دوہ آسمان سو آسہِ تمہ دوہ ہپوُمُت لیوز تہ کمزور سپدمُت تمی سپدنس کھنجہ تہ پھراٹہ وَّالْمَلَكُ
عَلٰٓى اَرْجَآئِهَا تمہ وقتہ روزن ملائک آسمانہ کین کنارن پٹھ آسمان پھٹہ منز باگ کنارہ روزنس موجود یم
واقعات سپدن گوڈنکہ پھوکہ سیت امہ پتہ یمن واقعات ہنز ذکر چھ تم سپدن دویمہ پھوکہ سیت
وَيَحْمِلُ عَرْشَ رَبِّكَ فَوْقَهُمْ يَوْمَئِذٍ ثَمٰنِيَةٌ بیہ تُلن توہندس پروردگارہ سُند عرش پانس پٹھ تمہ دوہ
آٹھ ملک قیامتک دوہ تُلن تتھ عرشس آٹھ ملک تیٚمے واتناون عرش مجیدس محشرکس میدانس اندر۔ تو
پتہ سپدہ حساب شروع۔ تموک بیان چھوامہ پتہ يَوْمَئِذٍ تُعْرَضُوْنَ لَا تَخْفٰى مِنْكُمْ خَافِيَةٌ
تمہ دوہ اِیو توہہ ساری پیش کرنہ خدایس برونٹھ کُن توہنز کانہہ کتھ روزہ نہ اللہ تعالیٰ اس نشہ کھٹت تو پتہ
ین نامہ اعمال وڑان دنہ لوکن ہندن اتھن اندر فَاَمَّا مَنْ اُوْتِىَ كِتٰبَهٗ بِيَمِيْنِهٖ فَيَقُوْلُ پس
یمس نامہ اعمال پنون دِنہ اِیہ دچھنس اتھس کیتھ سُو دیہ خوش گژھت پانس آندء پکِ لوکن۔ هَآؤُمُ
اقْرَءُوْا كِتٰبِيَهْ ہالو کوولیو پریو میون نامہ اعمال اِنِّىْ ظَنَنْتُ اَنِّىْ مُلٰقٍ حِسَابِيَهْ مہ اوس گوڈہ پٹھے
اعتقاد تہ پژھ کہ مہ چھو ضرور پیش انہ ودل پنون حساب۔ یعنے بواوسس اعتقاد تہ پژھ تھاوان قیامتک تہ

فِیْ جَنَّةٍ عَالِیَةٍ ﴿۲۲﴾ قُطُوْفُهَا دَانِیَةٌ ﴿۲۳﴾ كُلُوْا وَاشْرَبُوْا
هَنِیْٓـًٔا بِمَآ اَسْلَفْتُمْ فِی الْاَیَّامِ الْخَالِیَةِ ﴿۲۴﴾ وَاَمَّا مَنْ
اُوْتِیَ كِتٰبَهٗ بِشِمَالِهٖ ۙ فَیَقُوْلُ یٰلَیْتَنِیْ لَمْ اُوْتَ كِتٰبِیَهْ ﴿۲۵﴾
وَلَمْ اَدْرِ مَا حِسَابِیَهْ ﴿۲۶﴾ یٰلَیْتَهَا كَانَتِ الْقَاضِیَةَ ﴿۲۷﴾ مَآ
اَغْنٰی عَنِّیْ مَالِیَهْ ﴿۲۸﴾ هَلَكَ عَنِّیْ سُلْطٰنِیَهْ ﴿۲۹﴾ خُذُوْهُ
فَغُلُّوْهُ ﴿۳۰﴾ ثُمَّ الْجَحِیْمَ صَلُّوْهُ ﴿۳۱﴾ ثُمَّ فِیْ سِلْسِلَةٍ ذَرْعُهَا

---

حسابک تمه کی برکته کنر مه الله تعالیٰ ان بڈ مهربانی فَهُوَ فِیْ عِیْشَةٍ رَّاضِیَةٍ پس واته سور تس عیش اندر فِیْ جَنَّةٍ عَالِیَةٍ یعنے تهدس جنتس اندر قُطُوْفُهَا دَانِیَةٌ تمیک میوه تیت نکھ آسن که پرت حالس اندرین تم استعمال کرنه۔ ستھ پاڻھ تمن خوش کره تته پاڻھ ونه نه آیکھ كُلُوْا وَاشْرَبُوْا هَنِیْٓـًٔا بِمَآ اَسْلَفْتُمْ فِی الْاَیَّامِ الْخَالِیَةِ کهیوته چیومزه کرت یه چهوه تمن عملن هوندبدله یمه توه بڈه ثوابه چه امید سیت کران آسیو بروٺھین دوہن اندر یعنے یم دوه توهِ دنیاءس اندر گذاروه وَاَمَّا مَنْ اُوْتِیَ كِتٰبَهٗ بِشِمَالِهٖ وین یس نامه اعمال پنون کھوهرس اتھس منز دنه آیه فَیَقُوْلُ یٰلَیْتَنِیْ لَمْ اُوْتَ كِتٰبِیَهْ سوونه نهایت حسرت وافسوسه کن که کیاه رت گڑھ ها میانه حقه که هرگاه مِہ نامه اعمائی دنه آیهانه وَلَمْ اَدْرِ مَا حِسَابِیَهْ مه سپدهانه معلومے میون حساب کیاه آسه یٰلَیْتَهَا كَانَتِ الْقَاضِیَةَ کیاروت گڑھ هاأگر گوڈنکوی مرن ختم کره ها معاملس تمه مرنه پته آسهانه بیه پیده سپدلنه یهن نامه اعمالے تقسیم کرنه نه آیه ها حسابے ہنه مَآ اَغْنٰی عَنِّیْ مَالِیَهْ افسوس کانه نفع دیوت نه مه مالن پنن هَلَكَ عَنِّیْ سُلْطٰنِیَهْ میونِ حشمت ته عزت تِه گوبر باذ اتھس شخصه سنده خیطره سپده حکم ملایکن خُذُوْهُ فَغُلُّوْهُ * ثُمَّ الْجَحِیْمَ صَلُّوْهُ ریٹون یه شخص توپته تراویوس نال غل توپته واتناویون نار جهنمس اندر ثُمَّ فِیْ سِلْسِلَةٍ ذَرْعُهَا سَبْعُوْنَ ذِرَاعًا فَاسْلُكُوْهُ توپته وریون تته ہانکله تیچ پیمایش چھ ستت گز۔ امه

سَبْعُوْنَ ذِرَاعًا فَاسْلُكُوْهُ ﴿٣٢﴾ اِنَّهٗ كَانَ لَا يُؤْمِنُ
بِاللّٰهِ الْعَظِيْمِ ﴿٣٣﴾ وَلَا يَحُضُّ عَلٰى طَعَامِ الْمِسْكِيْنِ ﴿٣٤﴾
فَلَيْسَ لَهُ الْيَوْمَ هٰهُنَا حَمِيْمٌ ﴿٣٥﴾ وَّلَا طَعَامٌ اِلَّا مِنْ
غِسْلِيْنٍ ﴿٣٦﴾ لَّا يَاْكُلُهٗٓ اِلَّا الْخٰطِـُٔوْنَ ﴿٣٧﴾ فَلَآ اُقْسِمُ بِمَا
تُبْصِرُوْنَ ﴿٣٨﴾ وَمَا لَا تُبْصِرُوْنَ ﴿٣٩﴾ اِنَّهٗ لَقَوْلُ رَسُوْلٍ

---

عذابک وجہ کیا چھو اِنَّهٗ كَانَ لَا يُؤْمِنُ بِاللّٰهِ الْعَظِيْمِ یہ شخص گوناسوی تمس نہ پژھ آس عظمتہ والس بڈس خدایہ سنز وَلَا يَحُضُّ عَلٰى طَعَامِ الْمِسْكِيْنِ بیہ اوس نہ بیہ غریب تہ مسکین لوکن کھیاونک ترغیب دوان نہ اوس پانہ فقیرن مسکین کھیاوان چاوان غرض امس شخصس آس نہ دلس اندر نہ خالقہ سنز عظمت نہ آسس مخلوقن ہنز شفقت نہ اوس یہ حقوق اللہ ادا کران۔ یہ حقوق العباد بجا انان یہ چھو تمن دوشوئن حقن ہوند تارک تہ منکر تمی سبہ بہ چھو یہ مستحق عذاب فَلَيْسَ لَهُ الْيَوْمَ هٰهُنَا حَمِيْمٌ * وَّلَا طَعَامٌ اِلَّا مِنْ غِسْلِيْنٍ * لَّا يَاْكُلُهٗٓ اِلَّا الْخٰطِـُٔوْنَ لہذا چھو نہ از تہندہ خیطرہ نہ کانہ دوستانہ نہ ہم خواراہ۔ نہ چھو تہندہ خیطرہ کھنوک کانہ چیز اہ نصیب غسلینہ ورای یعنی جہنمین ہندن زخمن ہیوند پیل تہ پاک۔ یس نہ بڈین گنہ گارن ورای کانہ تہ کھیہ امہ پتہ چھو بیان یوان کرنہ تمہ قرآن مجیدچ حقانیت یتھ منز یمن مجرمن ہندہ امہ سزاہچ ذکر چھہ۔ یُس اتھ قرآن مجیدس انکار کرہ سو تہ سپدہ امی قسمہ کس عذابس گرفتار۔ فَلَآ اُقْسِمُ بِمَا تُبْصِرُوْنَ * وَمَا لَا تُبْصِرُوْنَ پُس چھس بو قسم ہاوان تمن چیزن ہوند یم توہ وچھان چھوک یا یتھ قسمس چھ اکھ مناسبتھاہ اصل مقصدس سیت کیازہ قرآن مجید یُس انان اوس سو اوس نہ کانسہ دریٹھ یوان۔ یمن نشہ واتان اوس تمن آسِ ساری وچھان یعنے مہ چھو سارنی مخلوقن ہیوند قسم کہ اِنَّهٗ لَقَوْلُ رَسُوْلٍ كَرِيْمٍ بے شک یہ قرآن مجید چھو خدایہ سُند کلام یُس معزز ملکہ سندہ ذریعہ واتناونہ چھو یوان لہذا یُس صاحبس نشہ سوواتان چھو تم چھہ بے شک پیغمبر برحق وَّمَا هُوَ بِقَوْلِ شَاعِرٍ یہ چھونہ کانسہ شاعرہ سند کلام یتھ پاٹھی توہ اندرہ بعضے کافر چھہ

كَرِيْمٍ ﴿٤٠﴾ وَّمَا هُوَ بِقَوْلِ شَاعِرٍ ۭ قَلِيْلًا مَّا تُؤْمِنُوْنَ ﴿٤١﴾
وَلَا بِقَوْلِ كَاهِنٍ ۭ قَلِيْلًا مَّا تَذَكَّرُوْنَ ﴿٤٢﴾ تَنْزِيْلٌ مِّنْ
رَّبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿٤٣﴾ وَلَوْ تَقَوَّلَ عَلَيْنَا بَعْضَ الْاَقَاوِيْلِ ﴿٤٤﴾
لَاَخَذْنَا مِنْهُ بِالْيَمِيْنِ ﴿٤٥﴾ ثُمَّ لَقَطَعْنَا مِنْهُ الْوَتِيْنَ ﴿٤٦﴾ فَمَا
مِنْكُمْ مِّنْ اَحَدٍ عَنْهُ حٰجِزِيْنَ ﴿٤٧﴾ وَاِنَّهٗ لَتَذْكِرَةٌ لِّلْمُتَّقِيْنَ ﴿٤٨﴾

---

ونان امس جليل القدر پيغمبرس نعوذ بالله شاعر قَلِيْلًا مَّا تُؤْمِنُوْنَ مگر توه منز چھ کے پڑھ کران يعنے پڑھی چھونہ کران کانہہ وَلَا بِقَوْلِ كَاهِنٍ بیہ چھونہ کانسہ کاہنہ سند کلام ییتھ پاٹھ بعض کافر آس تمن کاہن ونان قَلِيْلًا مَّا تَذَكَّرُوْنَ مگر کم چھوہ توہ نصیحت رٹان حقیقت چھ یہے کہ نہ چھو یہ قرآن مجید شاعرہ سند شعر نہ چھ کاہن سنز کہانت بلکہ چھو یہ تَنْزِيْلٌ مِّنْ رَّبِّ الْعٰلَمِيْنَ کلامہ نازل کرنہ آمت حضرت رب العالمین سندہ طرفہ۔ وَلَوْ تَقَوَّلَ عَلَيْنَا بَعْضَ الْاَقَاوِيْلِ تو پتہ ہرگہ بالفرض یہ پیغمبر اسہ ٹُن لاگھا کنہ اَیزہ کتھ یعنے یُس کلام اسہ فرمومت آسہانہ تتھ دپہ ہاسون کلام یعنی اپز دعویٰ نبوت کرہہا یا خدا یہ سند س کلامس سیت ملناوہا پنون کلام تلہ کتہ چھڑہ ہون سوالیس۔ لَاَخَذْنَا مِنْهُ بِالْيَمِيْنِ * ثُمَّ لَقَطَعْنَا مِنْهُ الْوَتِيْنَ بلکہ کرہ ہواس تہند س دچھنس اتھس تھپ توپتہ ژٹہواس تہندہ دِل رگ یعنے تم تہاوہ ہوک نہ اس زندے فَمَا مِنْكُمْ مِّنْ اَحَدٍ عَنْهُ حٰجِزِيْنَ پس آسہانہ توہ اندرہ کانہ اکھا تمن امہ سزا نشہ پتھ رٹہ ون تہ بچاوہ ون۔ چونکہ یوتھ معاملہ چھونہ آمتوی در پیش لہذا چھو امی سیت ثابت کہ یم چھو رسول برحق یہ قرآن مجید چھوبے شک کلام حضرت حق جل جلالہ وَاِنَّهٗ لَتَذْكِرَةٌ لِّلْمُتَّقِيْنَ بے شک یہ قرآن مجید چھو متقین تہ ہیز گارن ہندہ خیطرہ بڈ نصیحت بوڈ وعظ وَاِنَّا لَنَعْلَمُ اَنَّ مِنْكُمْ مُّكَذِّبِيْنَ بیہ چھہ اسہ خبری کہ توہ اندرہ چھ بعضے اتھ قرآن مجید س اپز گنزران امہ کس کلام خدا آسنس اِنکار کران تمن دمواس پانے سزا وَاِنَّهٗ لَحَسْرَةٌ عَلَى الْكٰفِرِيْنَ اتھ کن نظر کرت چھو یہ قرآن مجید کافرن ہندہ حقہ موجب حسرت کیازہ تمن سپدہ انکار کرن عذابک سبب

وَإِنَّا لَنَعْلَمُ أَنَّ مِنْكُمْ مُكَذِّبِينَ ۝٤٩ وَإِنَّهُ لَحَسْرَةٌ عَلَى الْكَافِرِينَ ۝٥٠
وَإِنَّهُ لَحَقُّ الْيَقِينِ ۝٥١ فَسَبِّحْ بِاسْمِ رَبِّكَ الْعَظِيمِ ۝٥٢ ع

---

**وَإِنَّهُ لَحَقُّ الْيَقِينِ** بیہ چھوبے شک یہ قرآن مجید حق تہ پوز یقینی اکھ کتھ **فَسَبِّحْ بِاسْمِ رَبِّكَ الْعَظِيمِ** پس یسنُد یہ کلام پاک چھو لتس عظیم الشان پروردگارہ سندہ نام پاکہ سیت آسیو توہ پاکی یاد کران۔ یلہ یہ آیہ کریمہ نازل سپُد فرموو حضرت رسول کریمن اجعلو ھا فی رکو عکم یہ تسبیح آسیو پران پنہ نین رکوعن اندر۔





بِسۡمِ اللّٰهِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِيۡمِ ○

سَاَلَ سَآئِلٌۢ بِعَذَابٍ وَّاقِعٍ ۙ﴿۱﴾ لِّلۡكٰفِرِيۡنَ لَيۡسَ
لَهٗ دَافِعٌ ۙ﴿۲﴾ مِّنَ اللّٰهِ ذِى الۡمَعَارِجِ ؕ﴿۳﴾ تَعۡرُجُ الۡمَلٰٓئِكَةُ وَ
الرُّوۡحُ اِلَيۡهِ فِىۡ يَوۡمٍ كَانَ مِقۡدَارُهٗ خَمۡسِيۡنَ اَلۡفَ سَنَةٍ ۚ﴿۴﴾

---

سَاَلَ سَآئِلٌۢ بِعَذَابٍ وَّاقِعٍ * لِّلۡكٰفِرِيۡنَ اک سائلن پروژھ عناد انکارہ کِن تتھ عذابس مُتعلق یُس کافرن پٮ۪ٹھ ضرور واقع سپدہ ون چھو۔ سو شخص سوال کرہ ون اوس کافر واندرہ نضر بن الحارث سوی لگ دِپنہ گستاخانہ اللّٰھم إن کان ہذا ہو الحق من عندک الخ لَيۡسَ لَهٗ دَافِعٌ یتھ عذابس نہ کانہ اکھاہ پٮ۪ٹھ ہیکہ رٹتھ مِّنَ اللّٰهِ ذِى الۡمَعَارِجِ سوی عذاب چھو واقع سپدہ ون تس پروردگار سند طرفہ یُس آسمانن ہوند مالک چھو یم آسمان اکھ اکس پٮ۪ٹھ چھہ درجہ بدرجہ ہیر پاوین ہند پاٹھ تَعۡرُجُ الۡمَلٰٓئِكَةُ وَالرُّوۡحُ اِلَيۡهِ یمو ہیرو کن ملائک تہ بایمانن ہند روح چھ تس نشہ کھسان تس نشہ کھسنہ اندرہ چھو مراد تم چھہ عالم بالاس اندر تتھ مقامس واتان یُس تہندہ عروج نہایت مقرر کرنہ آمت چونکہ امہ تہند کھسنہ ینچ وتھ چھہ آسمان امی آو تمن وننہ معارج۔ معارج چھو جمع معراج معراج چھہ ونان ہیرہ۔ سوی عذاب یمیوک کافر پرژھان چھہ فِىۡ يَوۡمٍ كَانَ مِقۡدَارُهٗ خَمۡسِيۡنَ اَلۡفَ سَنَةٍ سو عذاب سپد واقع تتھ دوہس اندر یمیوک مقدار تہ مدت آسہ دنیاء ک پنژہ ساس ورہ۔ سو دوہ گو قیامتک دوہ بیس آیہ کرتمس اندر چھو اللہ تعالیٰ فرماوان كَانَ مِقۡدَارُهٗۤ اَلۡفَ سَنَةٍ مِّمَّا تَعُدُّوۡنَ یعنی قیامتہ کہ دوہوک مقدار آسہ اکھ ساس ورى تمو وریو اندرہ یم توہہ گنزران تہ شمار کران چھوہ۔ یہ تفاوت آسہ کافرن ہند یواحوالو موجب کانسہ سپدہ محسوس سو دوہ زیوٹھ اکس ساسس ورہس برابر کانسہ آیہ بوزنہ سو دوہ سختی تہ بے چینی موکھ پنژہ ساس ورى مگر بایمانن سپدہ سو دوہ محسوس اکس فرض نمازہ برابرتی فرموو حدیث

فَاصْبِرْ صَبْرًا جَمِيْلًا ۝٥ اِنَّهُمْ يَرَوْنَهٗ بَعِيْدًا ۝٦ وَّنَرٰىهُ
قَرِيْبًا ۝٧ يَوْمَ تَكُوْنُ السَّمَآءُ كَالْمُهْلِ ۝٨ وَتَكُوْنُ الْجِبَالُ
كَالْعِهْنِ ۝٩ وَلَا يَسْـَٔلُ حَمِيْمٌ حَمِيْمًا ۝١٠ يُّبَصَّرُوْنَهُمْ ۭ يَوَدُّ
الْمُجْرِمُ لَوْ يَفْتَدِيْ مِنْ عَذَابِ يَوْمِىِٕذٍۢ بِبَنِيْهِ ۝١١ وَ
صَاحِبَتِهٖ وَاَخِيْهِ ۝١٢ وَفَصِيْلَتِهِ الَّتِيْ تُـْٔوِيْهِ ۝١٣ وَمَنْ فِي
الْاَرْضِ جَمِيْعًا ۙ ثُمَّ يُنْجِيْهِ ۝١٤ كَلَّا ۭ اِنَّهَا لَظٰى ۝١٥ نَزَّاعَةً

شريفن اندر حضرت نبي ڪريمن صلي الله عليه وسلم. ودن يله ڪافرن عذاب ضرور واقع سپده فَاصْبِرْ
صَبْرًا جَمِيْلًا پس ڪريو توه يارسول الله ڪافرن هندس مخالفتس پڻ پور صبر تهوي صبر هٿ سيت نه ڪونه
قسمج شڪايت آسه يعني تهندس ڪفرس ته مخالفت ڪرنس پڻ گرڌهنه تهوند دل تنگ سپدت شڪايت ڪرن
بلڪه گرڌه تهوند يه ڪٿه زانت پور صبر و تحمل ڪرن ڪه تمن آيه ضرور اتھ ڪفر و مخالفتس پڻ سزا دِنه قيامتڪ
دوه اِنَّهُمْ يَرَوْنَهٗ بَعِيْدًا * وَّنَرٰىهُ قَرِيْبًا تم چھ تتھ دوهس وچھان تميوڪ اعتقاد ته پڑھ نه آسنه
موکھ دورته بعيداس چھن وچھان سه قيامت نزديڪ ڪيازه اسه چھو معلوم سه سپده ضرور واقع. يَوْمَ
تَكُوْنُ السَّمَآءُ كَالْمُهْلِ * وَتَكُوْنُ الْجِبَالُ كَالْعِهْنِ سو عذاب سپده واقع تمن ڪافرن پڻ تمه دوه
يمه دوھ آسمانڪ رنگ آسه پلم هيو ڪرهون بيه آسن ڪوه دونه نه آمت رنگمت ڇمب هي وَلَا يَسْـَٔلُ
حَمِيْمٌ حَمِيْمًا تمه دوهه آسنه ڪانه دوست ڪانسه دوستس پرڇهان ته يُّبَصَّرُوْنَهُمْ اکھ اڪس آسن
بوزنه يوان مگر ڪانسه آسنه ڪانسه هنز همدردي پرت اڪس آسه پننه ني پريشاني يَوَدُّ الْمُجْرِمُ
لَوْ يَفْتَدِيْ مِنْ عَذَابِ يَوْمِىِٕذٍۢ تمه دوھه ڪره مجرم يعني ڪافر تمنا هرگاه تمه دوھه ڪه عذابه نشه ٻچنه
خيطره مه پيه ها فديه ته بدله ديون بِبَنِيْهِ * وَصَاحِبَتِهٖ وَاَخِيْهِ * وَفَصِيْلَتِهِ الَّتِيْ تُـْٔوِيْهِ * وَمَنْ
فِي الْاَرْضِ جَمِيْعًا ثُمَّ يُنْجِيْهِ پنن نچيوته گبربيه پنن آشين بيه پنن بوي بيه پنون سوروي قبيله
ڪرون يس دنياءس اندر مصيبته ڪه وقته تس پناه دوان اوس بيه تم ساري لوڪ يم دنياءس اندر چھه سوي

لِّلشَّوٰىۚ ﴿۱۶﴾ تَدْعُوْا مَنْ اَدْبَرَ وَتَوَلّٰىۙ ﴿۱۷﴾ وَجَمَعَ فَاَوْعٰى ﴿۱۸﴾ اِنَّ
الْاِنْسَانَ خُلِقَ هَلُوْعًاۙ ﴿۱۹﴾ اِذَا مَسَّهُ الشَّرُّ جَزُوْعًاۙ ﴿۲۰﴾ وَّاِذَا مَسَّهُ
الْخَيْرُ مَنُوْعًاۙ ﴿۲۱﴾ اِلَّا الْمُصَلِّيْنَۙ ﴿۲۲﴾ الَّذِيْنَ هُمْ عَلٰى صَلَاتِهِمْ
دَآئِمُوْنَ ﴿۲۳﴾ وَالَّذِيْنَ فِيْۤ اَمْوَالِهِمْ حَقٌّ مَّعْلُوْمٌ ﴿۲۴﴾
لِّلسَّآئِلِ وَالْمَحْرُوْمِ ﴿۲۵﴾ وَالَّذِيْنَ يُصَدِّقُوْنَ بِيَوْمِ الدِّيْنِ ﴿۲۶﴾

---

فدیہ بدلہ دیونے مہ نجات دیہ یعنے تمہ دوھ آسہ تمہ قسیچ نفسا نفسی کہ پرت اکھاہ آسہ پننہ نی فِکر کران۔ دنیاءس اندر یہندہ خیطرہ زودوان اوس تمہ دوھ کرہ تمناکہ ہرکہ ییمے میانہ بدل لگہ ہین بوگرٔ ہس موکہ لون۔ اللہ تعالیٰ فرماوان کَلَّا تہ بنہ نہ ہرگز یعنے کانہہ ہکہ نہ لگت کانسہ ہندہ بدلہ اِنَّهَا لَظٰى * نَزَّاعَةً لِّلشَّوٰى بے شک سو جہنم چھو شولہ ماران تہ تراوان لیس تمن بو تھیوک مُسلہ تان والہ تَدْعُوْا مَنْ اَدْبَرَ وَتَوَلّٰى سوی جہنم دیہ پانسے نادتس شخص یم دنیاءس اندر پزس گن تہر پھر مژ آسہ۔ خدایہ سنزہ فرماں برداری نشہ بوتھ پھرمُت آسہ وَجَمَعَ فَاَوْعٰى بیہ آسین لوکن ہند حق کھے کھے مال جمع کرمُت سوی آسین صندوقن تہ شثترہ وین المارین اندر راچھ کرتہ تھاومت اِنَّ الْاِنْسَانَ خُلِقَ هَلُوْعًا بے شک انسان چھو پیدہ کرنہ آمت بے صبر تہ کم ہمت اِذَا مَسَّهُ الشَّرُّ جَزُوْعًا یلہ تس سختیاہ تہ مصیبتہ واتان چھو تمہ ساتہ چھو ژہٹہ تہ جزع وفزع کران وَّاِذَا مَسَّهُ الْخَيْرُ مَنُوْعًا تو پتہ یلہ تس کانہہ خیراہ واتان چھو تمہ ساتہ چھو خیرِ چوکا میو نشہ پتھ روزان اِلَّا الْمُصَلِّيْنَ * الَّذِيْنَ هُمْ عَلٰى صَلَاتِهِمْ دَآئِمُوْنَ مگر چھ یمو عذابو نشہ مستثنےٰ تم باایمان لوکھ، یم پننہ نین نمازن پیٹھ برابر توجہ تہ ڈاڈ کرہ وُن چھہ بیہ پھنہ نمازہ اندر بیہ کونہ چیزس کن توجہ کران وَالَّذِيْنَ فِيْۤ اَمْوَالِهِمْ حَقٌّ مَّعْلُوْمٌ * لِّلسَّآئِلِ وَالْمَحْرُوْمِ بیہ تم باایمان یہندس مال ودولتس اندر مقرر حق چھو منگہ وِنین ہندہ خیطرہ تہِ نہ منگہ وِنین ہندہ خیطرہ تہ یعنے زکوٰۃ علاوہ تہِ چھ تم پنون مال خرچ کران رژن رژن وتن اندر وَالَّذِيْنَ يُصَدِّقُوْنَ بِيَوْمِ الدِّيْنِ بیہ یم لوک قیامتہ کس دوہس تصدیق تہ پژھ چھ کران

وَالَّذِيْنَ هُمْ مِّنْ عَذَابِ رَبِّهِمْ مُّشْفِقُوْنَ ﴿٢٧﴾ اِنَّ عَذَابَ
رَبِّهِمْ غَيْرُ مَاْمُوْنٍ ﴿٢٨﴾ وَالَّذِيْنَ هُمْ لِفُرُوْجِهِمْ حٰفِظُوْنَ ﴿٢٩﴾
اِلَّا عَلٰٓى اَزْوَاجِهِمْ اَوْ مَا مَلَكَتْ اَيْمَانُهُمْ فَاِنَّهُمْ غَيْرُ
مَلُوْمِيْنَ ﴿٣٠﴾ فَمَنِ ابْتَغٰى وَرَآءَ ذٰلِكَ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْعٰدُوْنَ ﴿٣١﴾
وَالَّذِيْنَ هُمْ لِاَمٰنٰتِهِمْ وَعَهْدِهِمْ رٰعُوْنَ ﴿٣٢﴾ وَالَّذِيْنَ هُمْ
بِشَهٰدٰتِهِمْ قَآئِمُوْنَ ﴿٣٣﴾ وَالَّذِيْنَ هُمْ عَلٰى صَلَاتِهِمْ

وَالَّذِيْنَ هُمْ مِّنْ عَذَابِ رَبِّهِمْ مُّشْفِقُوْنَ بیہ تہم پنہ نس پروردگارہ سندس عذابس کھوڑہ وُن چھہ اِنَّ عَذَابَ رَبِّهِمْ غَيْرُ مَاْمُوْنٍ بے شک تہندس پروردگارہ سند عذاب چھو خطرہ ناک چیز اہ یمہ نشہ نہ بے خوف روزن شوبہ وَالَّذِيْنَ هُمْ لِفُرُوْجِهِمْ حٰفِظُوْنَ بیہ یم لوک پنہ نین سترہ چھن جاین حرامہ نشہ راچھہ کران چھہ اِلَّا عَلٰٓى اَزْوَاجِهِمْ اَوْ مَا مَلَكَتْ اَيْمَانُهُمْ فَاِنَّهُمْ غَيْرُ مَلُوْمِيْنَ مگر پھنہ راچھہ کران سترہ چھن جاین پنہ نین منکوحہ زنانن نشہ بیہ تمن زنانن نشہ یمن تم بملک یمین مالک آسن یعنے شرعی کیزن نشہ کیازہ تمن چھونہ تمہ خیطرہ کانہ باز خواست فَمَنِ ابْتَغٰى وَرَآءَ ذٰلِكَ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْعٰدُوْنَ وین یُس شخصاہ پنن شہوت پورہ کرنہ خیطرہ یمو دویو حلال صورتو ورای بیہ کانہہ حرام صورتاہ ژھانڈہ تہ اختیار کرہ پنہ تقسیم خواہش پورہ کرنہ خیطرہ پس کیا گئے تمے لوک حد شرعی نشہ ڈلہ وُن وَالَّذِيْنَ هُمْ لِاَمٰنٰتِهِمْ وَعَهْدِهِمْ رٰعُوْنَ بیہ یم لوک پنہ نین امانتن یم تمن سپرد کرنہ آسن آمت بیہ پنہ نین عہدن راچھ کرہ ون تہ خیال تھاوہ وُن آسن وَالَّذِيْنَ هُمْ بِشَهٰدٰتِهِمْ قَآئِمُوْنَ بیہ یم پنہ نین گواہین پٹھ ثابت تہ مضبوط روزہ وین آسن تمن منز آسن نہ کمی یا زیادہ تی کران یا کانسہ ہوند رعایت کرتھ کانہ کتھاہ کٹھان وَالَّذِيْنَ هُمْ عَلٰى صَلَاتِهِمْ يُحَافِظُوْنَ بیہ یم پنہ نین فرض نمازن پٹھ پابندی کران چھہ اُولٰٓئِكَ فِيْ جَنّٰتٍ مُّكْرَمُوْنَ تمئے لوکن کیا اِیہ جنتن اندر تعظیم و تکریم کرنہ تم چیز یم سعادت و شکایت و شقاوتک موجب چھہ تم یلہ بوضاحت بیان

يُحَافِظُوْنَ ﴿٣٤﴾ أُولٰٓئِكَ فِيْ جَنّٰتٍ مُّكْرَمُوْنَ ﴿٣٥﴾ فَمَالِ الَّذِيْنَ
كَفَرُوْا قِبَلَكَ مُهْطِعِيْنَ ﴿٣٦﴾ عَنِ الْيَمِيْنِ وَعَنِ الشِّمَالِ
عِزِيْنَ ﴿٣٧﴾ أَيَطْمَعُ كُلُّ امْرِئٍ مِّنْهُمْ أَنْ يُّدْخَلَ جَنَّةَ
نَعِيْمٍ ﴿٣٨﴾ كَلَّا ۖ إِنَّا خَلَقْنٰهُمْ مِّمَّا يَعْلَمُوْنَ ﴿٣٩﴾ فَلَآ أُقْسِمُ
بِرَبِّ الْمَشٰرِقِ وَالْمَغٰرِبِ إِنَّا لَقٰدِرُوْنَ ﴿٤٠﴾ عَلٰٓى أَنْ نُّبَدِّلَ

---

کرنہ آے فَمَالِ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا قِبَلَكَ مُهْطِعِيْنَ پس کیاہ سنا گو کافرن کہ تم چھ توہ برونٹھ کن استہزا تہ ٹھٹھ پاٹ دورہ دور تہ اورہ یور کران عَنِ الْيَمِيْنِ وَعَنِ الشِّمَالِ عِزِيْنَ دچھُن تہ کھو فرچھ انکارو تکذیب کرنہ خیطرہ ڈھیرہ کران أَيَطْمَعُ كُلُّ امْرِئٍ مِّنْهُمْ أَنْ يُّدْخَلَ جَنَّةَ نَعِيْمٍ کیا تھ استہزا وانکار کرنس پتھ چھا تمن شانکھ کہ اسہِ اندرہ پرت اکھاہ کیا آیہ واتناوہ نہ نعمتن ہندس جنتس اندر كَلَّا تہ بنہ نہ ہرگز کونہ صورتس اندر کیازہ تمو چھ کرہ مژہ تمہ کامہ یمہ سزاوار نار چھ۔ تہ آستھ کتھ پاٹھ واتن تم جنتس۔ جنتس واتن تمے لوک یمو تمہ کامہ کرمژہ آسن یمہ سزاوارِ جنت چھ دین گو تھوند انکار معاد یعنے مرنہ پتہ بیہ دوبارہ پیدہ سپدنس انکار کرن۔ تہِ چھ تم کران بے وقوفی سببہ تم چھنہ زانان تم کتھ چیزس آی پیدہ کرنہ گوڈہ إِنَّا خَلَقْنٰهُمْ مِّمَّا يَعْلَمُوْنَ بے شک اسہ کرِ تم پیدہ تتھ چیزس تیچ تمن خبری چھ سو گو آب نطفہ مگر تامل تہ غور چھنہ کران کہ یتھ آب نطفس انسان آو پیدہ کرنہ تتھ آسنہ حیات تہ زندگی نکھ پچھ تتھ یلہ اللہ تعالیٰ ان انسان پیدہ کوروونِ یہوسہ ھیترہ یادودر تمژہ اڈجہ یمن کینہ کالاہ حیاتک تہ زندگی ہیوند تعلق رود مت چو تتھ کیازہ ہکنہ اللہ تعالیٰ بیہ دوبارہ زندہ کرت۔ یہ تھوندنا ممکن تہ محال زانن گیہ تھزے بے وقوفی۔ فَلَآ أُقْسِمُ بِرَبِّ الْمَشٰرِقِ وَالْمَغٰرِبِ إِنَّا لَقٰدِرُوْنَ توپتہ چھس بو قسم ہاوان مشرقن تہ مغربن ہندس پروردگارہ سُند یعنے بو چھس پننہ ذات پاکُک قسم ہاوان کہ اسہ چھ ضرور قدرت عَلٰٓى أَنْ نُّبَدِّلَ خَيْرًا مِّنْهُمْ یتھ کتھ پٹھ کہ تھزہ جایہ تہ تمن بدل انوکھ اس دنیاہس اندر تم لوک یم تھندہ خوتہ بہتر آسن یعنے پیدہ کروکھ وَمَا نَحْنُ

خَيْرًا مِّنْهُمْ ۙ وَمَا نَحْنُ بِمَسْبُوْقِيْنَ ﴿۴۱﴾ فَذَرْهُمْ يَخُوْضُوْا
وَيَلْعَبُوْا حَتّٰى يُلٰقُوْا يَوْمَهُمُ الَّذِيْ يُوْعَدُوْنَ ﴿۴۲﴾ ۙ يَوْمَ يَخْرُجُوْنَ
مِنَ الْاَجْدَاثِ سِرَاعًا كَاَنَّهُمْ اِلٰى نُصُبٍ يُّوْفِضُوْنَ ﴿۴۳﴾ ۙ خَاشِعَةً
اَبْصَارُهُمْ تَرْهَقُهُمْ ذِلَّةٌ ۭ ذٰلِكَ الْيَوْمُ الَّذِيْ كَانُوْا يُوْعَدُوْنَ ﴿۴۴﴾ ع

---

بِمَسْبُوْقِيْنَ اس پھنہ تمہ نشہ عاجزاسہ نشہ چھونہِ مخلوق پیدہ کرنٔ آسان۔ توہِ دوبارہ پیدہ کرن کیاہ مشکل چھوسانہ خیطرہ۔ وین ہرگاہ یم لوگ اَمہ اِنکار و عنادہ نشہ بازین نہ فَذَرْهُمْ يَخُوْضُوْا وَيَلْعَبُوْا حَتّٰى يُلٰقُوْا يَوْمَهُمُ الَّذِيْ يُوْعَدُوْنَ تلہ ترِوایوکھ توہ تم اتھ پنہٕ نِس شغلس بے ہودہ کتھ کرنس تہ گندنس سیت یوتاں سمکھن تم تتھ دہوس یمیوک تمن وعدہ کرنہ یوان چھُویعنے قیامتس دوہس يَوْمَ يَخْرُجُوْنَ مِنَ الْاَجْدَاثِ سِرَاعًا كَاَنَّهُمْ اِلٰى نُصُبٍ يُّوْفِضُوْنَ یمہ دوہ نیرن تم قبر واندرہ دوران دوران زن تم آسن کونہ نشانس کن برونٹھ واتنس اندر مان مان کران خَاشِعَةً اَبْصَارُهُمْ تَرْهَقُهُمْ ذِلَّةٌ لوکن ہُنٛ آسن اچھ تھٕزہ شرمندگی سبب بون وِلنہ آسیکھ آمژ ذلت تہ خواری ذٰلِكَ الْيَوْمُ الَّذِيْ كَانُوْا يُوْعَدُوْنَ یہوی کیاگو سو دوہ یمیوک تمن وعدہ اوس یوان تھاونہٕ۔





## سُورَةُ نُوح

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

اِنَّآ اَرْسَلْنَا نُوْحًا اِلٰى قَوْمِهٖٓ اَنْ اَنْذِرْ قَوْمَكَ مِنْ قَبْلِ اَنْ
يَّاْتِيَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ① قَالَ يٰقَوْمِ اِنِّىْ لَكُمْ نَذِيْرٌ مُّبِيْنٌ ②
اَنِ اعْبُدُوا اللّٰهَ وَاتَّقُوْهُ وَاَطِيْعُوْنِ ③ يَغْفِرْ لَكُمْ مِّنْ
ذُنُوْبِكُمْ وَيُؤَخِّرْكُمْ اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى ۭ اِنَّ اَجَلَ اللّٰهِ
اِذَا جَآءَ لَا يُؤَخَّرُ ۘ لَوْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ④ قَالَ رَبِّ اِنِّىْ

اِنَّآ اَرْسَلْنَا نُوْحًا اِلٰى قَوْمِهٖٓ بے شک اسہ سوز نوح علیہ السلام پیغمبر بناوت پنہ نس قومس کُن اَنْ اَنْذِرْ قَوْمَكَ مِنْ قَبْلِ اَنْ يَّاْتِيَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ اسہ فرموولتس کہ بیم کریو پنہ نس قومس کفر کہ وبالہ نشہ تمن نشہ کُڈر عذاب وانتہ برونٹھی، دنیاءس اندر گو سو عذاب طوفان آخرتس اندر عذاب نیران قَالَ يٰقَوْمِ اِنِّىْ لَكُمْ نَذِيْرٌ مُّبِيْنٌ چنانچہ تمو دوپ پنہ نس قومس ای قوم بو چھس تھونده خیطرہ ٹن پاٹھ بیم کرہ ون اَنِ اعْبُدُوا اللّٰهَ وَاتَّقُوْهُ وَاَطِيْعُوْنِ بوچھوس توہ ونان کہ عبادت کریو توہِ خدایہ سنزی یاژ بیہ کھوژیو تس شریک مہ ٹھراویوس کونہ قسمہ بیہ مہ کرو تھنز نافرمانی بیہ مانیو میون يَغْفِرْ لَكُمْ مِّنْ ذُنُوْبِكُمْ وَيُؤَخِّرْكُمْ اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى تمہ کہ برکتہ کرہ سو توہ گنہن مغفرت بیہ دِیہ سو توہِ مہلت مقرر کرنہ آمتس وقتس تان آرامہ سان زندگی بسر کرنچ وقت مقررہ اندرہ چھو مراد موتک وقت یعنے اجل اِنَّ اَجَلَ اللّٰهِ اِذَا جَآءَ لَا يُؤَخَّرُ لَوْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ بے شک اللہ تعالیٰ سند موتہ خیطرہ مقرر کرمت وقت سو یتھ آیہ نہ کڈنہ کیاہ رُت گژھہ ہاہر گہ توہ یمہ کتھ زانتہ تگہن۔ یلہ وارپھس مدتس تان یمن لوکن کانہہ اثراہ گونہ قَالَ رَبِّ اِنِّىْ دَعَوْتُ قَوْمِىْ لَيْلًا وَّنَهَارًا فَلَمْ يَزِدْهُمْ دُعَآءِىْٓ اِلَّا فِرَارًا نوح علیہ السلامن کر دعا ای میانہ پروردگارہ مہ دژونادپنس قومس دین

دَعَوْتُ قَوْمِيْ لَيْلًا وَّنَهَارًا ۙ﴿٥﴾ فَلَمْ يَزِدْهُمْ دُعَآءِيْٓ اِلَّا
فِرَارًا ﴿٦﴾ وَاِنِّيْ كُلَّمَا دَعَوْتُهُمْ لِتَغْفِرَ لَهُمْ جَعَلُوْٓا اَصَابِعَهُمْ
فِيْٓ اٰذَانِهِمْ وَاسْتَغْشَوْا ثِيَابَهُمْ وَاَصَرُّوْا وَاسْتَكْبَرُوا
اسْتِكْبَارًا ۚ﴿٧﴾ ثُمَّ اِنِّيْ دَعَوْتُهُمْ جِهَارًا ۙ﴿٨﴾ ثُمَّ اِنِّيْٓ اَعْلَنْتُ
لَهُمْ وَاَسْرَرْتُ لَهُمْ اِسْرَارًا ۙ﴿٩﴾ فَقُلْتُ اسْتَغْفِرُوْا رَبَّكُمْ ؕ
اِنَّهٗ كَانَ غَفَّارًا ۙ﴿١٠﴾ يُّرْسِلِ السَّمَآءَ عَلَيْكُمْ مِّدْرَارًا ۙ﴿١١﴾

---

حقس کُن راتس تہ دوہس مگر تمن ہُر یوونہ میانہ دعوت کرنہ سیت گینہ تہ ژلنہ ورای یوت بو تمن برونٹھ اَنیچ کوشش اوسس کران تیوت آسِ تم پتھ ژلان وَاِنِّيْ كُلَّمَا دَعَوْتُهُمْ لِتَغْفِرَ لَهُمْ جَعَلُوْٓا اَصَابِعَهُمْ فِيْٓ اٰذَانِهِمْ وَاسْتَغْشَوْا ثِيَابَهُمْ وَاَصَرُّوْا وَاسْتَكْبَرُوا اسْتِكْبَارًا مہ یلہ یلہ تمن دین حقس کُن ناد دیوت یوتھ ژہ تمن ایمانہ کہ برکتہ مغفرت کرکھ گنہن تمو ہیژہ پنہ اونگجہ کنن منز تھاونہِ یوتھ نہ پزہِ کتھ ہنز آواز تہِ تھندین کنن واتہ بیہ وَلکھ پنُن پلو کلہ پیٹھ یوتھنہ پزکتھ ونہ وینن پیٹھ تمن نظر تہ پیہ۔ بیہ کر تمو کفر وانکارس پیٹھ ڈاڈ، بیہ کر تمو میانہ فرمان برداری نشہ سیٹھاہ تکبر۔ باوجود آن رودس بو تمن مختلف طریقو نصیحت کران ثُمَّ اِنِّيْ دَعَوْتُهُمْ جِهَارًا توپتہ تہِ دیوت مہ تمن دین حقس کُن ناد باآواز بلند یعنے عام مجلس اندر پُر مکھ وعظ یُس وعظ بڈہ بڈہ باآواز بلند چھو یوان پرنہ ثُمَّ اِنِّيْٓ اَعْلَنْتُ لَهُمْ وَاَسْرَرْتُ لَهُمْ اِسْرَارًا توپتہ بوزناومہِ تم خصوصی مجلس اندر تِمِن پاٹھ بیہ تورمہ تمن فکرہ پوشیدہ پاٹھ تہِ انفرادی صورتس اندر فَقُلْتُ اسْتَغْفِرُوْا رَبَّكُمْ اِنَّهٗ كَانَ غَفَّارًا اتھ فکرہ تارنس اندرون مہ تمن ونہ چھو موقع توہ منگیو بخشایش پنہ نس پروردگارس ایمانہ انہ نہ سیت بے شک سو چھو سیٹھاہ مغفرت تہ بخشایش کرہ ون يُّرْسِلِ السَّمَآءَ عَلَيْكُمْ مِّدْرَارًا ایمانہ کہ برکتہ کرہ سو اخروی نعمتن ہندہ علاوہ توہ دنیاوی نعمژ تہ عطا سو گو آسمانکہ طرفہ تراوہ سو بارش تہ رود۔ یمہ سیت تھو ند زراعت سر سبز و شاداب سپدہ وَّيُمْدِدْكُمْ بِاَمْوَالٍ وَّبَنِيْنَ بیہ دیہ سو ترقی توہ مالس تہ اولادن اندر وَيَجْعَلْ

وَّيُمْدِدْكُمْ بِأَمْوَالٍ وَّبَنِيْنَ وَيَجْعَلْ لَّكُمْ جَنّٰتٍ
وَّيَجْعَلْ لَّكُمْ اَنْهٰرًا ﴿۱۲﴾ مَا لَكُمْ لَا تَرْجُوْنَ لِلّٰهِ وَقَارًا ﴿۱۳﴾
وَقَدْ خَلَقَكُمْ اَطْوَارًا ﴿۱۴﴾ اَلَمْ تَرَوْا كَيْفَ خَلَقَ اللّٰهُ
سَبْعَ سَمٰوٰتٍ طِبَاقًا ﴿۱۵﴾ وَّجَعَلَ الْقَمَرَ فِيْهِنَّ نُوْرًا
وَّجَعَلَ الشَّمْسَ سِرَاجًا ﴿۱۶﴾ وَاللّٰهُ اَنْۢبَتَكُمْ مِّنَ
الْاَرْضِ نَبَاتًا ﴿۱۷﴾ ثُمَّ يُعِيْدُكُمْ فِيْهَا وَيُخْرِجُكُمْ اِخْرَاجًا ﴿۱۸﴾

---

لَّكُمْ جَنّٰتٍ وَّيَجْعَلْ لَّكُمْ اَنْهٰرًا بيه کره سو تهونده خيطره باغ تيار بيه پهروه سوتهند يوزمينو منز کوله نه جو يه امه پته چهو الله تعالیٰ فرماوان نوح عليه السلامه سند باقی کلام يعنے بواد سس تمن ونان مَا لَكُمْ لَا تَرْجُوْنَ لِلّٰهِ وَقَارًا اے قوم توه کياه گوه توه چهوه نه الله تعالیٰ سندس عظمتس اقرار کران تهندِه عزت و عظمتک اعتقاد تهاوان۔ هر گهے توهِ تهنده عظمتک اعتقاد آسه هاتله ٹهراو هوس نه شريک حالانکه يم چيز اعتقادِ عظمتس منگان چهه تم آس موجود وَقَدْ خَلَقَكُمْ اَطْوَارًا چنانچه تم کروه توهه پيده اکه حاله پته بيس حالس اندر۔ اکه۔ حال اوسوه نطفه بيا که حال علقه بيا که حال مضغه وغيره وغيره يه گيه دليل نفسی يعنے دليل يوسه تهندس ذاتس اندر چهه۔ امه پته چهه فرماوان آفاقی دليل يعنے سو دليل يُسه خارجس اندر موجود چهه اَلَمْ تَرَوْا كَيْفَ خَلَقَ اللّٰهُ سَبْعَ سَمٰوٰتٍ طِبَاقًا ای لوکو توهِ چهوه ناوچهان کنهه پاٹه کر الله تعالیٰ ان سته آسمان پيده اکه اکس پيٹه وَّجَعَلَ الْقَمَرَ فِيْهِنَّ نُوْرًا وَّجَعَلَ الشَّمْسَ سِرَاجًا بيه کنهه پاٹه کر الله تعالیٰ ان زون يمن آسمانن اندر اکه نورانی چيز اه۔ بيه کرن آفتاب اکه روشن ژونگاه وَاللّٰهُ اَنْۢبَتَكُمْ مِّنَ الْاَرْضِ نَبَاتًا بيه کهاروه توه الله تعالیٰ ان زمينه منزه اکه خاص طريقه۔ يتهه پاٹه که آدم عليه السلام کرن پيده مژه نشه توپته باقی انسان تم کرن پيده نطفه نشه۔ نطفه چهو بنان غذاءس غذاء چهو نِنان عناصرن۔ تمن چهو غالب زمينک اجزاء ثُمَّ يُعِيْدُكُمْ فِيْهَا توپته چهو واتناوان توهِ مرنه پته اتهِ زمينس اندر وَيُخْرِجُكُمْ اِخْرَاجًا توپته کڈِه توه اَمی

وَاللّٰهُ جَعَلَ لَكُمُ الْاَرْضَ بِسَاطًا ﴿١٩﴾ لِّتَسْلُكُوْا مِنْهَا سُبُلًا
فِجَاجًا ﴿٢٠﴾ قَالَ نُوْحٌ رَّبِّ اِنَّهُمْ عَصَوْنِیْ وَاتَّبَعُوْا مَنْ لَّمْ
یَزِدْهُ مَالُهٗ وَوَلَدُهٗۤ اِلَّا خَسَارًا ﴿٢١﴾ وَمَكَرُوْا مَكْرًا كُبَّارًا ﴿٢٢﴾ وَ
قَالُوْا لَا تَذَرُنَّ اٰلِهَتَكُمْ وَلَا تَذَرُنَّ وَدًّا وَّلَا سُوَاعًا ۙ وَّ
لَا یَغُوْثَ وَیَعُوْقَ وَنَسْرًا ﴿٢٣﴾ وَقَدْ اَضَلُّوْا كَثِیْرًا ۚ وَلَا

---

زمینہ منزہ قیامتکِ دوہ اکہ خاص طریقہ۔ وَاللّٰهُ جَعَلَ لَكُمُ الْاَرْضَ بِسَاطًا * لِّتَسْلُكُوْا مِنْهَا سُبُلًا فِجَاجًا بیہ کر اللہ تعالیٰ ان یہ زمین تہوندہ خیطرہ اکھ فرشہ تہ وتھریونایو تھ توہ پکیو تمہ چو کشادہ وتو منز۔ یہ سوروی کلام چھونَس نوح علیہ السلام من اللہ تعالیٰ ہس بطورِ فریاد حکایتاً پیش کریتھ یمہ یمہ کتھ ون ون تاریومہ فکر پنہ نس قومس مگر تمن تورنہ کنہ تہ فکرہ قَالَ نُوْحٌ رَّبِّ اِنَّهُمْ عَصَوْنِیْ وَاتَّبَعُوْا مَنْ لَّمْ یَزِدْهُ مَالُهٗ وَوَلَدُهٗۤ اِلَّا خَسَارًا ون نوح علیہ السلام من ای میانہ پروردگارہ یمو لوکو مۄن نہ میون کینہ تہ تمو کر پیروی تمن شخصن ہنز یمن مال واولادو کانہہ چیز زیادہ کرنہ نقصانہ تہ تاوانہ ورای یعنے یمو کر ریئسن تہ زٹھن ہنز پیروی یمن مال تہ اولاد آسن سبب سپد زیادہ طغیان و سرکشی ہوند۔ وَمَكَرُوْا مَكْرًا كُبَّارًا تمو تہندیوز ٹھیو کرکم کم بیڈتہ بیرپوز ختم کرنہ خیطرہ وَقَالُوْا لَا تَذَرُنَّ اٰلِهَتَكُمْ وَلَا تَذَرُنَّ وَدًّا وَّلَا سُوَاعًا ۙ وَّلَا یَغُوْثَ وَیَعُوْقَ وَنَسْرًا تمو دوپ پنہ نین تابعایو تھ نہ توہ پنین معبود تراویو کھ خصوصا مہ تراویون ود بیہ سواع بیہ یغوث بیہ یعوق بیہ نسریم آس مشہور پُتلِ بعض روایاتن اندر چھو کہ گوڈنکس زمانس اندر آس کینہ بزرگ تم یلہ یمہ عالمہ گے تہندہ انتقالہ پتہ آو شیطان تم کر پیش تمن لوکن نشہ تمن بزرگن ہند تصویر دوپ نکھ یم تھاویو توہ پانس نشہ بطور یادگار تمہ پتہ کینہ کالا گژھت ہیژ لوکو تمن شکلن تہ تصورین ہنز پرستش کرن تہتے پتھ سپز شروع بت پرستی العیاذ باللہ۔ وَقَدْ اَضَلُّوْا كَثِیْرًا یمو ریئس تہ زٹھیو ڈالِ واریا لوک چونکہ ژہ فرمو تھ کہ یمو چانہ قومہ اندر ایمان اون تمو علاوہ انہ نہ وین کانہ تہِ ایمان۔ لہذا چھسی منگان کہ وَلَا تَزِدِ الظّٰلِمِیْنَ اِلَّا ضَلٰلًا یمن ظالمن ہرراوژہ بیہ ہن گمراہی چنانچہ مِمَّا خَطِیْٓـٰٔتِهِمْ اُغْرِقُوْا فَاُدْخِلُوْا نَارًا پنہ نیوی گناہن ہندہ

تَزِدِ الظّٰلِمِيْنَ اِلَّا ضَلٰلًا ﴿۲۴﴾ مِمَّا خَطِيْٓـٰٔتِهِمْ اُغْرِقُوْا فَاُدْخِلُوْا
نَارًا ۙ فَلَمْ يَجِدُوْا لَهُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ اَنْصَارًا ﴿۲۵﴾ وَ
قَالَ نُوْحٌ رَّبِّ لَا تَذَرْ عَلَى الْاَرْضِ مِنَ الْكٰفِرِيْنَ دَيَّارًا ﴿۲۶﴾
اِنَّكَ اِنْ تَذَرْهُمْ يُضِلُّوْا عِبَادَكَ وَلَا يَلِدُوْٓا اِلَّا فَاجِرًا
كَفَّارًا ﴿۲۷﴾ رَبِّ اغْفِرْ لِيْ وَلِوَالِدَيَّ وَلِمَنْ دَخَلَ بَيْتِيَ
مُؤْمِنًا وَّلِلْمُؤْمِنِيْنَ وَالْمُؤْمِنٰتِ ؕ وَلَا تَزِدِ الظّٰلِمِيْنَ
اِلَّا تَبَارًا ﴿۲۸﴾ ع

سیہ بہ آی تم پھاٹہ ونہ تمہ پتہ آی داخل کرنہ نارس اندر فَلَمْ يَجِدُوْا لَهُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ اَنْصَارًا پس لوب نہ تمو خدالیس ورای کانہ مدد کرہ وناہ وَقَالَ نُوْحٌ رَّبِّ لَا تَذَرْ عَلَى الْاَرْضِ مِنَ الْكٰفِرِيْنَ دَيَّارًا بیہ دوپ نوح علیہ السلام من یتہ کہ ای میانہ پروردگارہ یمو کافروا ندرہ مہ تھاون اتھ زمینس پٹھ کانہ تہ موجود۔ بلکہ کروکھ ساری ہلاک تہ برباد اِنَّكَ اِنْ تَذَرْهُمْ يُضِلُّوْا عِبَادَكَ وَلَا يَلِدُوْٓا اِلَّا فَاجِرًا كَفَّارًا کیازہ ہر گہ ژہ تم ہلاک گژھنہ نشہ چھٹرہ ہک یم لوک کرن چانین بندن گمراہ بیہ زیوراون نہ یم پننہِ اولاد تہ ذریت مگر فاجر تہ کافر رَبِّ اغْفِرْ لِيْ وَلِوَالِدَيَّ وَلِمَنْ دَخَلَ بَيْتِيَ مُؤْمِنًا وَّلِلْمُؤْمِنِيْنَ وَالْمُؤْمِنٰتِ میانہ پروردگارہ مغفرت کرتہ مہ بیہ مینس مالس ماجہ بیہ تمن یم ایمانہ کس حالس اندر مینس گھرس اندر ژامت چہ یعنے مینس اہل وعیالس کنعانس تہ تھزہ آشنہ ورای بیہ سارنی باایمان مردن تہ باایمان زنانن یم قیامتس تان پیدہ سپدن وَلَا تَزِدِ الظّٰلِمِيْنَ اِلَّا تَبَارًا بیہ ہر راو ظالمن بیہ ہن تباہی تہ بربادی تموان نہ ایمان (اے میانہ پروردگارہ کرمہ بندہ گنہ گارس تہ خطا کارس تہ پنہ نہ رحمت وفضلہ سیت سارنی بڈن گنہن تہ لوکٹن گنہن مغفرت دنیاو آخرتہ کہ عذابہ ورای واتناومہ پنہ نس رحمتہ کس تہ رضاء کس گھرس اندر ژہ لش چھنہ کانہ بڈ کتھاہ مہ گنہ گارس ساری گنہ بخشین انك غافر غفور غفار)




بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

قُلْ اُوْحِيَ اِلَيَّ اَنَّهُ اسْتَمَعَ نَفَرٌ مِّنَ الْجِنِّ فَقَالُوْۤا اِنَّا سَمِعْنَا قُرْاٰنًا عَجَبًا ۙ ﴿١﴾
يَّهْدِيْۤ اِلَى الرُّشْدِ فَاٰمَنَّا بِهٖ ؕ وَلَنْ نُّشْرِكَ بِرَبِّنَاۤ اَحَدًا ۙ ﴿٢﴾
وَّاَنَّهٗ تَعٰلٰى جَدُّ رَبِّنَا مَا اتَّخَذَ صَاحِبَةً وَّلَا وَلَدًا ۙ ﴿٣﴾ وَّ
اَنَّهٗ كَانَ يَقُوْلُ سَفِيْهُنَا عَلَى اللّٰهِ شَطَطًا ۙ ﴿٤﴾ وَّاَنَّا ظَنَنَّاۤ
اَنْ لَّنْ تَقُوْلَ الْاِنْسُ وَالْجِنُّ عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا ۙ ﴿٥﴾ وَّاَنَّهٗ كَانَ

---

قُلْ اُوْحِيَ اِلَيَّ اَنَّهُ اسْتَمَعَ نَفَرٌ مِّنَ الْجِنِّ توه فرماءِ يا رسول الله صلى الله عليه وسلم يمن مكه کين لوکن که مه کي آ وحي سوزنه که جنوا اندر اِک جماعت بوز ميون قرآن مجيد پرن صبح نماز اندر فَقَالُوْۤا اِنَّا سَمِعْنَا قُرْاٰنًا عَجَبًا تو پته يله تم جن پنه نس قومس کن واپس گئيه تمن دوپک اسه بوز اکه عجائب قرانه يَّهْدِيْۤ اِلَى الرُّشْدِ فَاٰمَنَّا بِهٖ يُس قرآن سيز و تهٕ هاوان پهو پس کراسه تتهٕ پژهٕ اسه تور فکره که معبود برحق چهو کني شريک آسنه نشه منزه تهٕ پاک وَلَنْ نُّشْرِكَ بِرَبِّنَاۤ اَحَدًا وين ٹهراوون نه اَس پنه نس پروردگارس کانهه اکهاه شريک تو پته کر تمو جنو پانه وان تمن کهن هيوند تذکره وَّاَنَّهٗ تَعٰلٰى جَدُّ رَبِّنَا مَا اتَّخَذَ صَاحِبَةً وَّلَا وَلَدًا بيهِ وَن تمو سانس پروردگاره سُند شان چهو ستهاه تهود تمِ بناوِنه کانه زنانه پنن آشين نه بناون کانهه کور پنن يا نيچو پنون وَّاَنَّهٗ كَانَ يَقُوْلُ سَفِيْهُنَا عَلَى اللّٰهِ شَطَطًا بيه آسِ ونان تم جن اسه منز يم احمق تهٕ نادان چهٕ تم چهٕ ونان خدايه سندس ذاتس نسبت تمه کتهٕ يمه تهنده شانه نشه دور چهٕ مثلاً کلمات شرکيه وغيره وَّاَنَّا ظَنَنَّاۤ اَنْ لَّنْ تَقُوْلَ الْاِنْسُ وَالْجِنُّ عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا اسه اوس گوڈه خيال که انسان تهٕ جن ونن نه زانهه تهٕ خدايس نسبت اپزه کتهٕ۔ يعنے چونکه اکثر جن تهٕ انسان آس

رِجَالٌ مِّنَ الۡاِنۡسِ یَعُوۡذُوۡنَ بِرِجَالٍ مِّنَ الۡجِنِّ فَزَادُوۡهُمۡ
رَهَقًا ۙ﴿۶﴾ وَّاَنَّهُمۡ ظَنُّوۡا كَمَا ظَنَنۡتُمۡ اَنۡ لَّنۡ یَّبۡعَثَ اللّٰهُ اَحَدًا ۙ﴿۷﴾
وَّاَنَّا لَمَسۡنَا السَّمَآءَ فَوَجَدۡنٰهَا مُلِئَتۡ حَرَسًا شَدِیۡدًا
وَّشُهُبًا ۙ﴿۸﴾ وَّاَنَّا كُنَّا نَقۡعُدُ مِنۡهَا مَقَاعِدَ لِلسَّمۡعِ ؕ فَمَنۡ
یَّسۡتَمِعِ الۡاٰنَ یَجِدۡ لَهٗ شِهَابًا رَّصَدًا ۙ﴿۹﴾ وَّاَنَّا لَا نَدۡرِیۡۤ

---

شرک بخدا انان آسہ گو خیال اتیو شخصو کتھ پاٹھ اسہ ایژس پیٹھ اتفاق کرمت تتھ کُن نظر کرت کراسہ تہٕ تھزی طریق اختیار وَّاَنَّهٗ كَانَ رِجَالٌ مِّنَ الۡاِنۡسِ یَعُوۡذُوۡنَ بِرِجَالٍ مِّنَ الۡجِنِّ فَزَادُوۡهُمۡ رَهَقًا واریاہ لوک آسِ انسانو اندرہ یم پناہ نوان آس جنو اندرہ کنیہ ون لوکن ہند سیت تموی ہر رود تمن جلن نخوت تہٕ تکبر یمہ سیت تمو کفر و عناد زیاد ہیوت کرن وَّاَنَّهُمۡ ظَنُّوۡا كَمَا ظَنَنۡتُمۡ اَنۡ لَّنۡ یَّبۡعَثَ اللّٰهُ اَحَدًا بیہ اوس تمو انسانو خیال کرمُت یتھ پاٹھ تُوہ تہٕ خیال اوسوہ کرمُت کہ اللہ تعالیٰ کرہ نہ ہرگز کانسہ شخصس دوبارہ بیہ زندہ مگر یہ خیال تہٕ سپد غلط ثابت بلکہ سپد معلوم کہ مرنہ پتہٕ زندہ سپدُن چھو حق تہٕ پوزیا گو معنیٰ کہ تمو اوس خیال کرمُت تھوند پاٹھ کہ آئندہ سوزنہ اللہ تعالیٰ کانسہ پیغمبرس یم پیغمبر ازتان آی تم آی مگر دین سپُد قرآن مجیدہ سیت معلوم کہ پروردگارن چھو سوزمتِ اکھ عظیم الشان پیغمبرہ یُس لوکن چھو فرماوان کہ توہ ساری اَیو مرنہ پتہٕ بیہ زندہ کرت قبرو اندرہ تولنہ تو پتہٕ اَیوہ ذرہ ذرک حساب ہینہ وَّاَنَّا لَمَسۡنَا السَّمَآءَ فَوَجَدۡنٰهَا مُلِئَتۡ حَرَسًا شَدِیۡدًا وَّشُهُبًا بیہ کڑ اسہ ژھانڈ سارِسی آسمانس اَسہِ لب سو پرت طرفہ برت پہرہ دار یعنے محافظ تہٕ راچھ کرہ وینیو ملکو سیت بیہ وچھ اسہ ہر طرفہ نار نیران یعنے یم جن آسمانی خبرن گن دِنہ کھسان آس تمن چھ تم پہرہ دار ملک نارہ رہو سیت دور تہٕ دفع کران وَّاَنَّا كُنَّا نَقۡعُدُ مِنۡهَا مَقَاعِدَ لِلسَّمۡعِ اس آس برونٹھ آسمانچہ خبرہ بوزنہ خیطرہ بعضے جاین پیٹھ روزان تہٕ ٹھہران۔ فَمَنۡ یَّسۡتَمِعِ الۡاٰنَ یَجِدۡ لَهٗ شِهَابًا رَّصَدًا مگر وین یُس تمہِ خبرہ بوزنہ کھسان چھو سو چھو تتہِ پتہٕ خیطرہ اکھ نارہ رہا تیار لبان۔ یمہ خبرہ بوزنہ بند سپدہ

اَشَرٌّ اُرِيْدَ بِمَنْ فِي الْاَرْضِ اَمْ اَرَادَ بِهِمْ رَبُّهُمْ
رَشَدًا ﴿١٠﴾ وَّاَنَّا مِنَّا الصّٰلِحُوْنَ وَمِنَّا دُوْنَ ذٰلِكَ ط كُنَّا
طَرَآئِقَ قِدَدًا ﴿١١﴾ وَّاَنَّا ظَنَنَّآ اَنْ لَّنْ نُّعْجِزَ اللّٰهَ فِي الْاَرْضِ
وَلَنْ نُّعْجِزَهٗ هَرَبًا ﴿١٢﴾ وَّاَنَّا لَمَّا سَمِعْنَا الْهُدٰٓى اٰمَنَّا بِهٖ ط
فَمَنْ يُّؤْمِنْ بِرَبِّهٖ فَلَا يَخَافُ بَخْسًا وَّلَا رَهَقًا ﴿١٣﴾ وَّاَنَّا مِنَّا
الْمُسْلِمُوْنَ وَمِنَّا الْقٰسِطُوْنَ ط فَمَنْ اَسْلَمَ فَاُولٰٓئِكَ تَحَرَّوْا رَشَدًا ﴿١٤﴾

---

نه سپد باعث يمن جلن هنده اوت مكه شريفس منز واتنگ ننگكه بوزن كه كياه تان واقعه چهو دنياء س
اندر سپد مُت يمه سببه اسِ چهه يوان خبر بوزنه نشه دور كرنه امه كي تحقيقات خيطره آسه جنو مختلف جماژه
دنياء س اندر پرت طرفه سوزنه خيطره مقرر كرمژ جماعت يُوس مكه شريفس منز واژ تمن سپد معلوم
كه بعثت حضرت پيغمبر آخر الزمان صلی اللہ علیہ وسلم بيهِ نزولِ قرآني چهو سبب تهنده دور سپد ننگ آسمانن هنديو كنارو نشه
وَّاَنَّا لَا نَدْرِيْٓ اَشَرٌّ اُرِيْدَ بِمَنْ فِي الْاَرْضِ اَمْ اَرَادَ بِهِمْ رَبُّهُمْ رَشَدًا بيه آس ونان تم جن
آسه چهنه خبر كه تمس نوِس پيغمبر صلى الله عليه وسلم سنده سوزنه سيت چهازيمه كين لوكن كانه تكليفاه
واتناونك اراده خداليس كنه تهند پروردگارن چهو يژهمت تهنده خيطره سيزه وته پٹھ انٓنِ ته رژو تهه هاون
وَّاَنَّا مِنَّا الصّٰلِحُوْنَ وَمِنَّا دُوْنَ ذٰلِكَ كُنَّا طَرَآئِقَ قِدَدًا بيه آس ونان تم جن كه اسه منزه آسِ
گوڈه پيٹھ نيكو كارته بعضے تمه وراي بيه طريقك لوك اس آس مختلف وتن پٹھ پكان وَّاَنَّا ظَنَنَّآ اَنْ لَّنْ
نُّعْجِزَ اللّٰهَ فِي الْاَرْضِ وَلَنْ نُّعْجِزَهٗ هَرَبًا بيه ون تمو جنو كه اسه اوس خيالس منز كه اس هكون نه
الله تعالىٰ زمينه كس كونه حصس منز روزت هاره ناوت ته عاجز كرت۔ نه هكون سو عاجز كرت كونه صورتس
منز زمينه وراي كونه جايه مثلاً آسمانس كن ژلنه سيت وَّاَنَّا لَمَّا سَمِعْنَا الْهُدٰٓى اٰمَنَّا بِهٖ فَمَنْ يُّؤْمِنْ
بِرَبِّهٖ فَلَا يَخَافُ بَخْسًا وَّلَا رَهَقًا اسه يله بوز هدايتچ كتهه اسه كر تهه پڑهه ليس وونِ ساني پاٹھ يُس خدايس
پڑهه كرِه سو كهوژنه كونه قسمچه كمي نه كونه قسمچه زيادتي يعني تمس چهنه كانه خطره تهنز ورژ عملو اندره كيار وزه
هاكانه عمله درج سپدنه وراي يا كانهه گناه هاكهِا ايه هازياده ليكهن وَّاَنَّا مِنَّا الْمُسْلِمُوْنَ وَمِنَّا الْقٰسِطُوْنَ بيه

وَأَمَّا الْقٰسِطُوْنَ فَكَانُوْا لِجَهَنَّمَ حَطَبًا ﴿۱۵﴾ وَّأَنْ لَّوِ اسْتَقَامُوْا
عَلَى الطَّرِيْقَةِ لَأَسْقَيْنٰهُمْ مَّآءً غَدَقًا ﴿۱۶﴾ لِّنَفْتِنَهُمْ فِيْهِ ط
وَمَنْ يُّعْرِضْ عَنْ ذِكْرِ رَبِّهٖ يَسْلُكْهُ عَذَابًا صَعَدًا ﴿۱۷﴾
وَّأَنَّ الْمَسٰجِدَ لِلّٰهِ فَلَا تَدْعُوْا مَعَ اللّٰهِ أَحَدًا ﴿۱۸﴾ وَّأَنَّهٗ

---

ون تمو جنو اسہ منزہ چھو بعضے مسلمان سپدمت۔ بیہ چھ اسہ منزہ بعضے جن بد ستور وتہ نشہ ژلمت نافرمان فَمَنْ أَسْلَمَ فَأُولٰٓئِكَ تَحَرَّوْا رَشَدًا وونِ یمو اسلام اُن تمو ژھانڈ سیزہ رچ وتھ یمہ پیٹھ پکتھ تمن ثواب حاصل سپدہ وَأَمَّا الْقٰسِطُوْنَ فَكَانُوْا لِجَهَنَّمَ حَطَبًا وونِ یمو سیزہ وتہ نشہ ژلت نافرمانی کرتم سپد جہنمک زیون تہ کاٹھ۔ یوت تان گو ختم جنن ہوند کلام۔ امہ پتہ چھو اللہ تعالیٰ فرماوان تو ہہ فرماویو کھ حض یار سول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم کہ بیہ آومہ گن وحی سوزنہ کہ وَّأَنْ لَّوِ اسْتَقَامُوْا عَلَى الطَّرِيْقَةِ لَأَسْقَيْنٰهُمْ مَّآءً غَدَقًا ہر گہ یم شہر مکک لوک سیزہ وتہ پتھ قائم روزن تلہ چاو ہوک تہ سیراب کرہو کھ اس تم گو تلہ آبہ آب وافرہ سیت لِّنَفْتِنَهُمْ فِيْهِ یوتھ اَسِ تمن امتحان تہ آزمائش کر ہو کہ تم چھا شکر گذار تہ فرماں بردار کنہ نافرمان تہ ناشکر گذار مگر چونکہ تمو کر ایمان انہ بدل اعراض تہ انکار تمہ سببہ گئے تم مبتلا قحطس تہ دراگس۔ کفر وانکارک یہ سزا چھونہ خاص مکہ کین لوکن سیتی بلکہ وَمَنْ يُّعْرِضْ عَنْ ذِكْرِ رَبِّهٖ يَسْلُكْهُ عَذَابًا صَعَدًا لیس اکھاہ پتہ نس پروردگارہ سندہ یادہ نشہ یعنی ایمان اطاعتہ نشہ بوتھ پھرہ تس واتناوہ اللہ تعالیٰ سخت عذابس اندر وَّأَنَّ الْمَسٰجِدَ لِلّٰهِ بیہ آومہ گن وحی سوزنہ کہ یمہ مسجدہ چھ تمہ سارے چھ خدایہ سنزے معبود برحقہ سنزی عبادتہ خیطرہ خاص آمژہ کرنہ فَلَا تَدْعُوْا مَعَ اللّٰهِ أَحَدًا پس مہ کریوتس سیت بیہ کانسہ ہنز عبادت یمن مسجدن اندر۔ نہ گژھ مسجدن اندر تس ورای بیہ کانسہ مخلوقس آلودیون حاجتو خیطرہ بعضے مفسرو فرموو مساجدہ اندرہ چھو مراد اعضای سجدہ یعنے سجدک تان۔ یعنے کلمہ یتھ منز ڈکہ تہ نست چھ۔ بیہ اتھ زہ۔ کوٹھہ زہ بیہ کھورزہ۔ یمے گے ستھ تان یمو سیت سجدہ یوان چھو دنہ۔ یم ستھ تان چھ خدایہ سندی یمو ستو تانو سیت

لَمَّا قَامَ عَبْدُ اللّٰهِ يَدْعُوْهُ كَادُوْا يَكُوْنُوْنَ عَلَيْهِ لِبَدًا ﴿١٩﴾
قُلْ اِنَّمَآ اَدْعُوْا رَبِّيْ وَلَآ اُشْرِكُ بِهٖٓ اَحَدًا ﴿٢٠﴾ قُلْ اِنِّيْ لَآ
اَمْلِكُ لَكُمْ ضَرًّا وَّلَا رَشَدًا ﴿٢١﴾ قُلْ اِنِّيْ لَنْ يُّجِيْرَنِيْ مِنَ
اللّٰهِ اَحَدٌ ۙ وَّلَنْ اَجِدَ مِنْ دُوْنِهٖ مُلْتَحَدًا ﴿٢٢﴾ اِلَّا بَلٰغًا

---

وَّاَنَّهٗ لَمَّا قَامَ عَبْدُ اللّٰهِ يَدْعُوْهُ كَادُوْا يَكُوْنُوْنَ عَلَيْهِ لِبَدًا هنز کانسه بيه وراي خداليس کرن عبادت گرهنه بيه او مه گن وحي سوزنه که يله خدايه سند بنده خاص يعني محمد مصطفٰى صلى الله عليه وسلم خدايه سنزه بندگي کرنه خيطره يا قرآن مجيد پرنه خيطره تهوددو تهان چهو تمه ساته هژووجنو تمن انداند هجوم کرت جمع سپدن۔ يا آس لوک تمه ساته جماژو سمن هيوان بايمان آس سمان شوق وذوقه سان قرآن مجيد بوزنه خيطره۔ کافر آس عناد وعداوته سبه به هجوم کرت يوان مجلسه منز خلل تراونه خيطره قُلْ اِنَّمَآ اَدْعُوْا رَبِّيْ وَلَآ اُشْرِكُ بِهٖٓ اَحَدًا توهه فرماويو يارسول الله يه کتهه که بو چهس صرف پنه نس پروردگاره سنز عبادت کران بو چهس نه تس کانه اکهاه شريک ٹهراوان يه کتهه گيه توحيدس متعلق قُلْ اِنِّيْ لَآ اَمْلِكُ لَكُمْ ضَرًّا وَّلَا رَشَدًا اينه فرماويو کهه رسالتس متعلق که بو چهس فقط خدايه سندِ احکام ته پيغامات واتناوهون بو چهس نه مالک ته اختياره وول نه تهونده ضررک نه تهونده نفع خيرک نه تهونده هدايتک تم چهه توهِ ونان هرگه توه واقعي پيغمبر چهوه تله هاويواسه فلاں فلاں معجزه، توهه فرماويو کهه که مه تمن چيزن هوند اختيار پانس اته چهونه يه سوردي چهو خدايه سندسي اختيارس اندر۔ بيه آس کافرونان که اَسِ مانو توهنز رسالت هرگه توه مضمون توحيدس بيه قرآن مجيدس منز کونه قسمه کنه تغير وتبديل کريو قُلْ اِنِّيْ لَنْ يُّجِيْرَنِيْ مِنَ اللّٰهِ اَحَدٌ ۙ وَّلَنْ اَجِدَ مِنْ دُوْنِهٖ مُلْتَحَدًا تميوک جواب فرماويو کهه توه هرگه خدانخواسته بو يژهه کوم کره تله هيکه نه مه کانهه اکهاه خدايه سندهه غضبه ته عذابه نش نجات ته پناه دِته نه هيکه بو تس وراي بيه کانسه نشه لبت کانه چهپن جايه۔ مين کوم چهه کنه ته اِلَّا بَلٰغًا مِّنَ اللّٰهِ وَرِسٰلٰتِهٖ مگر واتناون خدايه سنده طرفه تهند احکام بيه تهند پيغامات لوکن يعني پيغمبره سنز

مِّنَ اللّٰهِ وَرِسٰلٰتِهٖ ؕ وَمَنۡ یَّعۡصِ اللّٰهَ وَرَسُوۡلَهٗ فَاِنَّ
لَهٗ نَارَ جَهَنَّمَ خٰلِدِیۡنَ فِیۡهَاۤ اَبَدًا ﴿٢٣﴾ حَتّٰۤی اِذَا رَاَوۡا مَا
یُوۡعَدُوۡنَ فَسَیَعۡلَمُوۡنَ مَنۡ اَضۡعَفُ نَاصِرًا وَّ اَقَلُّ عَدَدًا ﴿٢٤﴾
قُلۡ اِنۡ اَدۡرِیۡۤ اَقَرِیۡبٌ مَّا تُوۡعَدُوۡنَ اَمۡ یَجۡعَلُ
لَهٗ رَبِّیۡۤ اَمَدًا ﴿٢٥﴾ عٰلِمُ الۡغَیۡبِ فَلَا یُظۡهِرُ عَلٰی غَیۡبِهٖۤ
اَحَدًا ﴿٢٦﴾ ۙ اِلَّا مَنِ ارۡتَضٰی مِنۡ رَّسُوۡلٍ فَاِنَّهٗ

---

کوم چھہ احکام الٰہی لوکن نشہ واتناوِن تغیر و تبدیلہ ورای وَمَنۡ یَّعۡصِ اللّٰهَ وَرَسُوۡلَهٗ فَاِنَّ لَهٗ نَارَ جَهَنَّمَ خٰلِدِیۡنَ فِیۡهَاۤ اَبَدًا یم لوک نافرمانی کرن خدایہ سنز بیہ تہند س پیغمبرہ سنز یعنے تہند احکام مانن نہ پس چھو یقیناً تہندہ سزا خیطرہ نار جہنم یتھ منز تم ہمیشہ ہمیشہ روزن یمن کافرن چھونہ از یقین یوان امیوک مگر یمن ایہ نہ یقین حَتّٰۤی اِذَا رَاَوۡا مَا یُوۡعَدُوۡنَ فَسَیَعۡلَمُوۡنَ مَنۡ اَضۡعَفُ نَاصِرًا وَّ اَقَلُّ عَدَدًا یُوتتان سو عذاب وچھن چنانچہ یلہ تم سو عذاب وچھن یمیوک تمن وعدہ تہاونہ یوان چھو۔ تمہ ساتہ زانن تم کمسند مددگار چھہ کمزور بیہ کمسنز جماعت چھہ کم تعدادہ کن۔ وین یم توہ قیامتک وقت پرژھان بطور انکار۔ قُلۡ اِنۡ اَدۡرِیۡۤ اَقَرِیۡبٌ مَّا تُوۡعَدُوۡنَ اَمۡ یَجۡعَلُ لَهٗ رَبِّیۡۤ اَمَدًا توہ فرماویو تمن مہ چھنہ خبر یمہ عذابک توہِ وعدہ تہاونہ یوان چھو سو چھا نزدیک ینہ وول کنہِ مین پروردگارن چھوہ تمہ خیطرہ کانہہ زیوٹھ مُدّ تاہ مقرر کرمُت تمیوک خاص تہ مُعین وقت یہ گو علم غیب یہ زانہ سوی یوت کیازہ سوی چھو عٰلِمُ الۡغَیۡبِ فَلَا یُظۡهِرُ عَلٰی غَیۡبِهٖۤ اَحَدًا سوروی سرتہ پوشید چیز زانہ ون۔ سو چھونہ پننہ امہ قسمچہ پوشیدہ کتھ کانسہ نشہ باوان اِلَّا مَنِ ارۡتَضٰی مِنۡ رَّسُوۡلٍ مگر چھو باوان تہ مطلع کران پننہ نس کانسہ برگزیدہ پیغمبرس۔ سو تہ چھو یتھ پاٹھ خاص اکس طریقس اندر تس مطلع کران کہ فَاِنَّهٗ یَسۡلُكُ مِنۡۢ بَیۡنِ یَدَیۡهِ وَمِنۡ خَلۡفِهٖ رَصَدًا تس پیغمبرس پتہ برونٹھ بلکہ پرت طرفہ سُو وحی نازل کرنہ کہ وقتہ محافظ ملائکن ہوند بروقت پہرہ سوزان یم نہ

يَسْلُكُ مِنْ بَيْنِ يَدَيْهِ وَمِنْ خَلْفِهِ رَصَدًا ﴿۲۷﴾ لِّيَعْلَمَ اَنْ قَدْ اَبْلَغُوْا رِسٰلٰتِ رَبِّهِمْ وَاَحَاطَ بِمَا لَدَيْهِمْ وَاَحْصٰى كُلَّ شَيْءٍ عَدَدًا ﴿۲۸﴾

---

شیطانس تتھ نکھ چھ دوان پکنہ چنانچہ تمن شیطانن چھونہ ممکنی سپدان تتھ وحی لیس کن انوک یاگونہ قسمہ وسوسہ تراونک چنانچہ حضرت عبداللہ ابن عباس چھ روایت کران کہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمس اس ژور ملک مستقل امہ حفاظتہ خیطرہ یہ انتظام چھو امہ موکھ کرنہ یوان لِّيَعْلَمَ اَنْ قَدْ اَبْلَغُوْا رِسٰلٰتِ رَبِّهِمْ یوتہ اللہ تعالیٰ اس ظاہری طور معلوم سپدہ کہ یم ملائک وحی ہیبت سوزنہ امت آس تموواتاوپنہ نس پروردگارہ سند پیغامات پیغمبر برحقس نشہ وتہِ منز سپزنہ کانسہ ہنز مداخلت وَاَحَاطَ بِمَا لَدَيْهِمْ وَاَحْصٰى كُلَّ شَيْءٍ عَدَدًا اللہ تعالیٰ چھو یمن پہرہ دار ملائکن ہند احوالن احاطہ کرت امہ خیطرہ چھ اللہ تعالیٰ ان تمے پہردار مقرر کرمت یمہ امہ کام خیطرہ موزون ومناسب چھہ بیہ یم امہ کامہ ہند پوراہل چھہ۔ بیہ چھ اللہ تعالیٰ اس پرت چیزچی گرند معلوم لہذا چھہ وحیکِ ساری اجزا اکہ اکہ لتس معلوم۔ سو چھو تمن سارنی اجزاءن پور حفاظت تہ راچھ کران۔ ملائکن تہ پیغمبرن ہنزن ذہنس اندر لفظ یسلک ونہ نہ سیت چھ شیطانن ہنزہ استراق سمع تہ التباسہ نشہ حفاظت لفظ واحاطہ بیان کرنہ سیت چھہ حفاظت یمہ اعتبارہ کہ ذرائع ووسائل یم چھہ تمن پچھ خداسنز حفاظت واحصٰی بیان کرنہ سیت چھہ حفاظت از نسیان وذہول الیہ سند حقہ لہذا چھہ گوڈہ پیٹھ اند تان سارنی حفاظتن ہیوند رعایت تھاونہ آمت۔ حاصل چھ تینس کہ قیامتہ تعیینک علم آسُن یہ چھنہ نبوتہ کیو علوموا ندر۔ لہذا امیوک علم نہ آسُن چھونہ نبوتس پٹھ کانہہ ناکارہ اثر تراوان۔ یا تمیوک علم نہ سبب آسنس چھونہ لازم کہ سہ سپدنہ واقع پنہ نس وقتس تہ موقعس پٹھ البتہ علوم نبوت یم چھہ تم چھہ مستقل تہ مقصود بالذات علوم۔ تمے علوم لوکن نشہ واتاونہ خیطرہ آو پیغمبر برحق صلی اللہ علیہ وسلم سوزنہ تمے علوم کریو توہ حاصل تموے سیت سپدیو توہہ مستفید تمو علوموَ دراے باقی علوم حاصل کرنک خیال تراویو تتھ منز چھونہ توہ کانہ فائدہ۔

## سُوْرَةُ الْمُزَّمِّلِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
يٰٓاَيُّهَا الْمُزَّمِّلُ ۝١ قُمِ الَّيْلَ اِلَّا قَلِيْلًا ۝٢ نِّصْفَهٗٓ اَوِ انْقُصْ
مِنْهُ قَلِيْلًا ۝٣ اَوْ زِدْ عَلَيْهِ وَرَتِّلِ الْقُرْاٰنَ تَرْتِيْلًا ۝٤ اِنَّا

يٰٓاَيُّهَا الْمُزَّمِّلُ اي پلون منز ولٿ روزه ونه صاحبه امه عنوانه خطاب کرنگ وجه ڇهواي زه ابتداء نبوتس اندر آس قريش دارالندوس اندر سمت مشوره کران که تمس پيغمبره سندس حالس مطابق گڅهه کانه ڈيچه لقباه تجويز کرن تمي سيت آسواليس تهوند ذکر کران۔ اک زين دوپ کاهن بے زين دوپ مجنون بے زن دوپ ساحر مگر اتفاق سپُد کهه نه کونه پٹھ ييهه ئنچهه واڈ در خدمت حضرت نبي کريم صلي الله عليه وسلم دل مبارک سپد کهه آزرده کپر ڈادراه بنڈ هڑکهه سر مبارکه پيٹهه۔ يتهه پاٹهه اکثر غم گين شخص ڇهوکله پيٹهه پلوهت روزان۔ الله تعالیٰ ان کرامي عنوانه سيت بکمال اُنس ملاطفت تمن خطاب فرمونکهه يٰٓاَيُّهَا الْمُزَّمِّلُ ايتهه پاٹ حديث شريفس منز ڇهو آمت که علي مرتضیٰ کرم الله وجه وراي اکه پهره گهره اندره آزرده سپدت مسجد نبويکس صحنس اندر رود شنگت نندراه پيه تمن مڑته روئ مبارک گو سُت ننسي بدن مبارکس آيه گرد متهنه۔ توپته وات نبي کريم صلي الله عليه وسلم تمن ڈهانڈان ڈهانڈان اتوي مسجد شريفکس صحنس اندر۔ توپته وڇهک تمن بدن مُبارکس مڑته گرد لار تمڑ توپته هڑيک سه گردو تهراوئن دست مبارک سيت آسکهه پهش پهش دوان ته فرماوان آسکهه قم آبا تراب قم آباتراب بکمال اُنس ومحبت۔ غرض الله تعالیٰ ان فرموو تمن تهومه بريود شمن هنزن کتهن هوند کانه غم توه روزيو هميشه زياده متوجه پننه نس پروردگاره سندس عبادتس کُن ايتهه پاٹ که قُمِ الَّيْلَ اِلَّا قَلِيْلًا توه آسو روزان رات که وقت ايستاده کمے کالس نِّصْفَهٗٓ مثلاً راژ هندس نصفس۔ باقي نصفس آسيو آرام کران اَوِ انْقُصْ مِنْهُ قَلِيْلًا ياکريو نصفه خوته ته کم کالس عبادت نصفه خوته زياده حصس کريو آرام۔ يعنے راژ هندس ترِ تمس حصس آسيو عبادت کران۔ دون حصن آسيو آرام کران۔ اَوْ زِدْ عَلَيْهِ ياکريو نصفه خوته زياده وقتس عبادت يعنے تريو حصو اندره دون حصن اکس حصس آسيو

سَنُلْقِىْ عَلَيْكَ قَوْلًا ثَقِيْلًا ۝٥ اِنَّ نَاشِئَةَ الَّيْلِ هِىَ
اَشَدُّ وَطْاً وَّاَقْوَمُ قِيْلًا ۝٦ اِنَّ لَكَ فِى النَّهَارِ سَبْحًا
طَوِيْلًا ۝٧ وَاذْكُرِ اسْمَ رَبِّكَ وَتَبَتَّلْ اِلَيْهِ تَبْتِيْلًا ۝٨

---

آرام ڪرا ن- ٻيو قيام ليل ڇھو ته پڻ فرض مگر وقت قيام ۾ ڇھ ٽي صورتون- يا نصفا نصف- يا ٽئين حصي قيام ٻه حصا آرام يا ٻه حصا قيام هڪ حصو آرام- وَرَتِّلِ الْقُرْاٰنَ تَرْتِيْلًا اٿو قيام ليل ۾ آسيو قرآن مجيد پڙهو وارو وارو صاف صاف يعني هڪ هڪ حرف بيان ٿئي فقره بوزن وارين- هن طريقي پڙهڻ سان ڇھو فهم ۽ تدبر ۾ اندر مدد حاصل ٿئي- ٻيو ڇھو اميو ڪ اثر دل ۾ پڻ زياده پيو ٿي- ٻيو ڇھو ذوق ۽ شوق هُران ٿهُوي حڪم ڇھو نماز وراي قرآن مجيد ڪ بار ٽراوڻ استعداد توهي قوي ۽ مضبوط ٿئي ڪيا ۾ اِنَّا سَنُلْقِىْ عَلَيْكَ قَوْلًا ثَقِيْلًا اسان ڇھو تراون تو پڻ يعني نازل ڪرڻ هڪ گوب ۽ وزن دار ڪلام يعني قرآن مجيد، يم ڪ ثقلڪ ۽ گوبرڪ ٻيو حال اوس ڪ امه ڪ نازل ٿيڊ نه ڪ وقت آس نبي ڪريم صلي الله عليه وسلم عجيب ڪيفيتاه پيدا ٿي ان- بدن مبارڪ اوس گوبان- شه ته شانش آس تيز ٿيدان سردي هندس موسم اندر اوس بدن مبارڪ عرق يوان- عرقڪ قطرات آسِ جبينه مبارڪ پڻ محتة پهلين هند پاڻ پڻ پوان- هڪ ڀيرو اوس تهوند زانوي مبارڪ حضرت زيد بن ثابته سنزه رانه پڻ تهُ حالس اندر هتون وحي نازل ٿيڊن زيد بن ثابتس ٿيڊ محسوس ڪ رانه ماٿيڊس ڙس مگر شه ته هيڪو کهه نه ڪڏت- هرگه تمه وقت گنه سوار ه پڻه سوار آسهن لتس سواري آسه زنگه پهٽان- فقط آس ناقه عضباء مخصوص تهنز سوار لتس اوس برو نٽهي الهام ٿيدان سو آس امه وقت پڻ بهان- بيا کھ وجه ڇھو اس ڇھو تو قيام ليلڪ يعني رات ڪ وقت نماز پڙهڪ حڪم ڪران ڪيا ۾ اِنَّ نَاشِئَةَ الَّيْلِ هِىَ اَشَدُّ وَطْاً وَّاَقْوَمُ قِيْلًا بيشڪ رات ڪ وقت نندره پته ۽ تهون عبادت ڪرڻ خيطره ٻيو ڇھو زياده موثر نفس پامال ڪرڻ خيطره ٻيو ڇھو ٻيو زياده سيو دته راست ڪره ون ڪلامس ته ڪتھ- امه ساته ٻيو ڪنيڙ هاپرنه يوان ڇھو قرآن مجيد يا دعا يا اذڪار، تم ڇھ پڙهنه يوان پريشاني وراي بڪمال توجه اِنَّ لَكَ فِى النَّهَارِ سَبْحًا طَوِيْلًا بيشڪ تو ڇھ ڏوهس اندر واريا ه ڪامه، دِيچه ته دنياء چه ته، لهذا ڪريو خدايه سنز ڪوم رات ڪ وقت وَاذْكُرِ اسْمَ رَبِّكَ وَتَبَتَّلْ اِلَيْهِ

رَبُّ الْمَشْرِقِ وَالْمَغْرِبِ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ فَاتَّخِذْهُ وَكِيْلًا ﴿٩﴾
وَاصْبِرْ عَلٰى مَا يَقُوْلُوْنَ وَاهْجُرْهُمْ هَجْرًا جَمِيْلًا ﴿١٠﴾ وَ
ذَرْنِيْ وَالْمُكَذِّبِيْنَ اُولِي النَّعْمَةِ وَمَهِّلْهُمْ قَلِيْلًا ﴿١١﴾ اِنَّ
لَدَيْنَآ اَنْكَالًا وَّجَحِيْمًا ﴿١٢﴾ وَّطَعَامًا ذَا غُصَّةٍ وَّعَذَابًا اَلِيْمًا ﴿١٣﴾ يَوْمَ
تَرْجُفُ الْاَرْضُ وَالْجِبَالُ وَكَانَتِ الْجِبَالُ كَثِيْبًا مَّهِيْلًا ﴿١٤﴾ اِنَّآ اَرْسَلْنَآ
اِلَيْكُمْ رَسُوْلًا ۙ شَاهِدًا عَلَيْكُمْ كَمَآ اَرْسَلْنَآ اِلٰى فِرْعَوْنَ رَسُوْلًا ﴿١٥﴾

---

تَبْتِيْلًا تمہ علاوہ تہ کریو توہ یاد نام پاک پننہ نس پروردگارہ سُند پرت وقتہ بیہ ژیٹھ دِلک تعلق سارنی نشہ مشغول تہ متوجہ روزیو تمس سیت یعنے ذکرو تبتل چھو پرت وقتک فرض قطع تعلقاتہ اندرہ چھو مراد علاقہ خداوندی گژھہ غالب روزن باقی سارنی تعلقاتن پٹھ کیازہ رَبُّ الْمَشْرِقِ وَالْمَغْرِبِ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ فَاتَّخِذْهُ وَكِيْلًا سو چھو مالک مشرقک تہ مغربک تس ورای چھونہ کانہ تہ عبادتس لائق۔ پس پثرا ویو پنن کوم تس یوت وَاصْبِرْ عَلٰى مَا يَقُوْلُوْنَ وَاهْجُرْهُمْ هَجْرًا جَمِيْلًا بیہ کریو صبر یمن لوکن ہنزن کتھن پٹھ بیہ روزیو تمن نشہ الگ تہ دور رتہ طریقہ تمن سیت مہ تھاویو کانہہ تعلق۔ رُت طریقہ اختیار کرن گو تھز شکایت مہ کریو، تمن انتقام ہنج فکر مہ بریو وَذَرْنِيْ وَالْمُكَذِّبِيْنَ اُولِي النَّعْمَةِ وَمَهِّلْهُمْ قَلِيْلًا بیہ تراویو مہ تہ بیہ تمن انکار کرہ وینن نازو نعمن اندر روزن والین موجود حالتس منز۔ تمن دیو بیہ کینہہ دوہ مہلت توہ کریو بیہ کنہ کالاہ صبر۔ تہندہ سزاہک تہ عذابک وقت چھو ونٗن قریب اِنَّ لَدَيْنَآ اَنْكَالًا وَّجَحِيْمًا * وَّطَعَامًا ذَا غُصَّةٍ وَّعَذَابًا اَلِيْمًا کیازہ بے شک اسہ نشہ چھ تم گرفتار کرنہ خیطرہ ہانکلہ۔ بیہ تم زالنہ خیطرہ نارِ جہنم بیہ تہندہ کھنہ خیطرہ ہٹہ نہ وسہ وٗن خوراک، یُس کھوان کھوان ہٹس بند آسکھ گوھان۔ بیہ تمہ ورای دگ تہ دود تلہ وٗن عذاب یموی چیزو سیت آیہ تمن سزا دنہ یہوی سزا ایک تمہ دوہ دنہ يَوْمَ تَرْجُفُ الْاَرْضُ وَالْجِبَالُ وَكَانَتِ الْجِبَالُ كَثِيْبًا مَّهِيْلًا یمہ دوہ الہ الہ ڈتھہِ زمینس تہ کوہن بیہ سپدن کوہ ریزہ ریزہ گژھت پکہ وٗنِ سیکھ ہش ای انکار و تکذیب کرہ وینو۔

فَعَصٰى فِرْعَوْنُ الرَّسُوْلَ فَاَخَذْنٰهُ اَخْذًا وَّبِيْلًا ﴿۱۶﴾
فَكَيْفَ تَتَّقُوْنَ اِنْ كَفَرْتُمْ يَوْمًا يَّجْعَلُ الْوِلْدَانَ
شِيْبَا ﴿۱۷﴾ السَّمَآءُ مُنْفَطِرٌۢ بِهٖ ۭ كَانَ وَعْدُهٗ مَفْعُوْلًا ﴿۱۸﴾ اِنَّ
هٰذِهٖ تَذْكِرَةٌ ۚ فَمَنْ شَآءَ اتَّخَذَ اِلٰى رَبِّهٖ سَبِيْلًا ﴿۱۹﴾ ع
اِنَّ رَبَّكَ يَعْلَمُ اَنَّكَ تَقُوْمُ اَدْنٰى مِنْ ثُلُثَيِ الَّيْلِ وَ
نِصْفَهٗ وَثُلُثَهٗ وَطَآئِفَةٌ مِّنَ الَّذِيْنَ مَعَكَ ۭ وَاللّٰهُ

---

اِنَّآ اَرْسَلْنَآ اِلَيْكُمْ رَسُوْلًا شَاهِدًا عَلَيْكُمْ كَمَآ اَرْسَلْنَآ اِلٰى فِرْعَوْنَ رَسُوْلًا بيشڪ اسان اوهان ڏانهن اهڙي پيغمبر موڪليو آهي جيڪو قيامت ڏينهن گواهي ڏيندو ته اوهان ڪهڙو ورتاءُ ڪيو جهڙيءَ طرح اسان فرعون ڏانهن هڪ پيغمبر موڪليو هو فَعَصٰى فِرْعَوْنُ الرَّسُوْلَ فَاَخَذْنٰهُ اَخْذًا وَّبِيْلًا پس نافرماني فرعون ان پيغمبر جي پس روڪيوسين گرفتار ڪري اسان سو فرعون کي سخت سزا ۾ ڪرڳو ته جيڪڏهن تو هيءُ پيغمبر برحق جي ناڦرماني ڪريو ته پوءِ اوهان تي به اهڙي مصيبت ٽڪي، چنانچه سو مصيبت ڇو عنقريب ايندي فَكَيْفَ تَتَّقُوْنَ اِنْ كَفَرْتُمْ يَوْمًا يَّجْعَلُ الْوِلْدَانَ شِيْبَا هر ڳاله تو ڪفر ڪريو پس ڪٿي بچي سگهندا اهڙي ڏينهن کان جيڪو مصيبت ۽ سختي جي شدت ايتري زياده آهي ته ٻارن معصوم ٻچن تان پوڙها ڪري ڇڏيندو السَّمَآءُ مُنْفَطِرٌۢ بِهٖ جنهن ڏينهن آسمان ڦاٽي پوندو كَانَ وَعْدُهٗ مَفْعُوْلًا هُن جو وعدو سڀ ضرور پورو، اِنَّ هٰذِهٖ تَذْكِرَةٌ بيشڪ هي سوره جي مضمون ڇو ته وڏو وعظ ۽ نصيحت فَمَنْ شَآءَ اتَّخَذَ اِلٰى رَبِّهٖ سَبِيْلًا لهذا جنهن کي خوش ڪرڻ سو پنهنجي پروردگار سان وٺي يعني سوکڙو خدا ايس نشو واٽ خيط ۽ دڙي ۾ اختيار اِنَّ رَبَّكَ يَعْلَمُ اَنَّكَ تَقُوْمُ اَدْنٰى مِنْ ثُلُثَيِ الَّيْلِ وَنِصْفَهٗ وَثُلُثَهٗ وَطَآئِفَةٌ مِّنَ الَّذِيْنَ مَعَكَ بيشڪ تنهنجي پروردگار کي معلوم آهي ته تون ۽ تنهنجي ساٿ جماعت تولوڪو اندر ۾ تون سيت ڇهه رات ڪي وقت نماز پڙهن خيطر ۽ ٿيان قريب رات ٻن حصن ڪونه ٿئي نصف رات ڪونه ٿيڻ رات ڏينهن ترتمس

يُقَدِّرُ الَّيْلَ وَالنَّهَارَ ؕ عَلِمَ اَنْ لَّنْ تُحْصُوْهُ فَتَابَ
عَلَيْكُمْ فَاقْرَءُوْا مَا تَيَسَّرَ مِنَ الْقُرْاٰنِ ؕ عَلِمَ اَنْ
سَيَكُوْنُ مِنْكُمْ مَّرْضٰى ۙ وَاٰخَرُوْنَ يَضْرِبُوْنَ فِي الْاَرْضِ
يَبْتَغُوْنَ مِنْ فَضْلِ اللّٰهِ ۙ وَاٰخَرُوْنَ يُقَاتِلُوْنَ فِيْ
سَبِيْلِ اللّٰهِ ۖ فَاقْرَءُوْا مَا تَيَسَّرَ مِنْهُ ۙ وَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ
وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ وَاَقْرِضُوا اللّٰهَ قَرْضًا حَسَنًا ؕ وَمَا تُقَدِّمُوْا

---

حصس کونہ شبہ وَاللّٰهُ يُقَدِّرُ الَّيْلَ وَالنَّهَارَ اللہ تعالیٰ ہی چھو پورہ اندازہ ہکان کرت ڈیک تہ راتک عَلِمَ اَنْ لَّنْ تُحْصُوْهُ فَتَابَ عَلَيْكُمْ تس چھو معلوم کہ توہ ہیکیونہ امہ وقتک اندازہ ضبط کرت لہذا کور تم تہو ندس حالس پٹھ عنایت سو سخت مشقت گوڈنک حکم قیام لیلک کرن تھوندہ خیطرہ منسوخ فَاقْرَءُوْا مَا تَيَسَّرَ مِنَ الْقُرْاٰنِ ووڼ یوت توہ آسانی سان قرآن مجید ہکیو پرِت تیوت آسیو پران۔ امہ قرآن مجید پرنہ اندرہ چھو مراد تہجد پرن یتھ منز قرآن مجید پرنہ یوان چھو۔ یہ چھو استحبابی امر مطلب چھو کہ تہجدچ فرضیت گیہ منسوخ ووڼ ہرگہ توہ پڑھو تہجد پرن تلہ آسیو پران بیہ چھو تہجدہ کہ منسوخ سپد نک بیاکھ وجہ کہ عَلِمَ اَنْ سَيَكُوْنُ مِنْكُمْ مَّرْضٰى وَاٰخَرُوْنَ يَضْرِبُوْنَ فِي الْاَرْضِ يَبْتَغُوْنَ مِنْ فَضْلِ اللّٰهِ یتہ چھو اللہ تعالیٰ اس معلوم کہ توہ اندر آسن بعضے لوک بیمار تم ہکین نہ تتھ حالس اندر رات کہ وقتہ وتھ تہ تہجد پرت۔ بیہ آسن بعضے لوک خدایہ سند فیض یعنے معاش تہ رزق ژھانڈنہ خیطرہ ملکن اندر سفر کران تہندہ خیطرہ تہ چھو یہ مشکل۔ وَاٰخَرُوْنَ يُقَاتِلُوْنَ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بیہ چھو بعضے لوک خدایہ سنزہ وتہ اندر جہاد کران، تہندہ حقہ تہ چھو تہجدچ پابندی کرن مشکل فَاقْرَءُوْا مَا تَيَسَّرَ مِنْهُ پس پریو قرآن مجید یوت توہِ آسان سپدہ، اگرچہ تہجدک حکم وجوب سپد منسوخ مگر وَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ فرض نمازہ کریو پابندی سان ادا، بیہ آسیو زکوۃ دوان۔ وَاَقْرِضُوا اللّٰهَ قَرْضًا حَسَنًا بیہ آسیو اللہ

لِاَنْفُسِكُمْ مِّنْ خَيْرٍ تَجِدُوْهُ عِنْدَ اللّٰهِ هُوَ خَيْرًا وَّاَعْظَمَ اَجْرًا ۭ وَاسْتَغْفِرُوا اللّٰهَ ۭ اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ⑳ ع

---

تعالیٰ اس خوش کرنہ خیطرہ قرض دوان رت پاٹ یعنے بکمال اخلاص وَمَا تُقَدِّمُوْا لِاَنْفُسِكُمْ مِّنْ خَيْرٍ تَجِدُوْهُ عِنْدَ اللّٰهِ بیہ یوسہ نیک تہ رژ عملہ پنہ نہ خیطرہ توہ برونٹھ گن سوز یو سو لیبون توہ موجود خدالیس نش هُوَ خَيْرًا وَّاَعْظَمَ اَجْرًا سورژ عمل آسہ سٹھاہ بہتر بیہ سٹھاہ بڈ ثوابہ کن۔ دنیوی معاملن اندر مال خرچ کرنہ سیت یُس عوض تہ نفع توہ حاصل سپدان چھو تمہ خو تہ بہتر تہ بوڈ نفع تہ فائدہ سپدہ توہہ حاصل خیرہ چن کامین اندر خدایہ سند رضا حاصل کرنہ خاطرہ مال خرچ کرنس۔ وَاسْتَغْفِرُوا اللّٰهَ اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ اللہ تعالیٰ اس آسیو منگان گُنہن مغفرت۔ کیازہ سو چھو بے شک گُنہن مغفرت کرہ ون رحم کرہ ون۔



# سُوْرَةُ الْمُدَّثِّرِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

يٰۤاَيُّهَا الْمُدَّثِّرُۙ ﴿١﴾ قُمْ فَاَنْذِرْ ۙ﴿٢﴾ وَرَبَّكَ فَكَبِّرْ ۙ﴿٣﴾ وَثِيَابَكَ
فَطَهِّرْ ۙ﴿٤﴾ وَالرُّجْزَ فَاهْجُرْ ۙ﴿٥﴾ وَلَا تَمْنُنْ تَسْتَكْثِرُ ۙ﴿٦﴾ وَ
لِرَبِّكَ فَاصْبِرْ ؕ﴿٧﴾ فَاِذَا نُقِرَ فِى النَّاقُوْرِ ۙ﴿٨﴾ فَذٰلِكَ يَوْمَئِذٍ

---

حدیث شریفن منز چھو آمت کہ ساری برونٹھ سُپد نازل قرآن مجیدہ اندرہ سورہ اقراك ابتدائی آیات۔ توپتہ سپد بعض حکمتن کِن نظر کرت کینہہ کالاو جبریلس نازل سپدنس اندر تاخیر تہ ماٹھہ تمہ پتہ آس اکہ دوہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم شہرہ نیر پکان اتی گییک آسمانکہ طرفہ آواز توپتہ ڈِٹھکہ ہیور کُن نظر وچھُک جبریل امین اکس تختس پٹھ بہت۔ سو تخت اوس آسمان وزمینس منز معلق تمن سپد دلِ مبارکس ہیبت پیدہ تم آی واپس گھرہ توپتہ ہتک ہیرہ بونہ وُرن تمہ ساتہ آو بیہ جبریل امین یم آیات کریمہ ہیتھ یٰۤاَیُّهَا الْمُدَّثِّرُ ای کلہ پٹھ وُرن ہیوہ ونہ صاحبہ قُمْ فَاَنْذِرْ پننہ جایہ نشہ وتھیو تھود تہ سپدیو مستعد پس کھوژہ ناویو کھ ساری لوک تی چھو تھوندس منصب نبوتس لازم۔ امہ وقتہ آسِ اکھ زی صاحب مسلمان سپد مت تمہ موکھ آیہ نہ بشارتچ ذکر کرنہ وَرَبَّكَ فَكَبِّرْ بیہ زانیون پنون پروردگار بوڈ تھزِی عظمت کریو بیان تبلیغس اندر چھو گوڈنکوی چیز اشاعت توحید بیہ گژھ مُبلغہ سُند پانہ عامل آسن، تس پزِن پانس اندر رت صفت پیدہ کرن رژہ عملہ رت اعتقاد تہ رت اخلاق۔ اکھ چیز گو تمو اندرہ وَثِیَابَكَ فَطَهِّرْ پنُن پلو تھاویو پاک۔ امہ وقتہ آس نہ ونہ نماز فرضی سپز مژلہذا کرکھنہ تمچ ذکر کینہہ تہ۔ امہ اندر سپد معلوم جامہ پاک آسُن چھولازم نمازہِ ورای تہِ وَالرُّجْزَ فَاهْجُرْ پرت قسمچہ پلیدی تہ ناپاکی نِشہ روزیو دُور وَلَا تَمْنُنْ تَسْتَكْثِرُ کانسہ مہ دیو کانہہ چیز تمیوک عوض زیادہ حاصل کرنہ خیطرہ نہ علم تہ نہ مال۔ وَلِرَبِّكَ فَاصْبِرْ بیہ کریو صبر پننہ نِس پروردگارہ سندہ رضا خیطرہ ہرگہ تبلیغ ادا کرنس منز کانہ تکلیف تہ واتوہ۔ یم نہ تھوندہ بیم کرنہ پتہ تہ ایمان انن تھندہ خیطرہ چھو بیہ

يَّوْمٌ عَسِيْرٌ ﴿٩﴾ عَلَى الْكٰفِرِيْنَ غَيْرُ يَسِيْرٍ ﴿١٠﴾ ذَرْنِيْ وَمَنْ
خَلَقْتُ وَحِيْدًا ﴿١١﴾ وَّجَعَلْتُ لَهٗ مَالًا مَّمْدُوْدًا ﴿١٢﴾ وَّبَنِيْنَ
شُهُوْدًا ﴿١٣﴾ وَّمَهَّدْتُّ لَهٗ تَمْهِيْدًا ﴿١٤﴾ ثُمَّ يَطْمَعُ اَنْ
اَزِيْدَ ﴿١٥﴾ كَلَّا ۭ اِنَّهٗ كَانَ لِاٰيٰتِنَا عَنِيْدًا ﴿١٦﴾ سَاُرْهِقُهٗ

---

وعيد که فَاِذَا نُقِرَ فِي النَّاقُوْرِ پس يله ڦوڪيو ويندو پوءِ منجهس فَذٰلِكَ يَوْمَىِٕذٍ يَّوْمٌ عَسِيْرٌ * عَلَى الْكٰفِرِيْنَ سو ڏينهن ڏاڍو سخت مشڪل ڏهاڙو ڪافرن تي غَيْرُ يَسِيْرٍ نه ڪي منجهس آسان ڪو قسم پچ آسانيءَ تهنده هئڻ۔ انهي کانپوءِ ذڪر ڪجهه خاص ڪافرن جو ذَرْنِيْ وَمَنْ خَلَقْتُ وَحِيْدًا يارسول الله تون مونکي ڇڏي ڏي فڪر نه ڪر اهڙي شخص لاءِ جيڪو پيدا ڪيو اڪيلي، اهو شخص وليد بن مغيره، هن کي ماءُ جي پيٽ ۾ ڪجهه به ڪونه هيو، هن کي ڪنهن چيز جو مالڪ نه ڪيو هيم نه مال نه اولاد وَّجَعَلْتُ لَهٗ مَالًا مَّمْدُوْدًا تو پوءِ ڪيو سين بڪثرت مال عطا وَّبَنِيْنَ شُهُوْدًا ۽ ڪيوسين گهڻو اولاد عطا ڪيم جي هر وقت حاضر هوندا آهن تعميل حڪم ڪرڻ خاطر تيار وَّمَهَّدْتُّ لَهٗ تَمْهِيْدًا ۽ وڏيون ڏنيون کيس عزت ۽ مال ۽ ملڪ ۾ وسعت تانجو ته ساري لوڪ ان کي رئيس ۽ وڏو مڃيندو هو باوجود ان جي ته انهن نعمتن کي شڪر ادا ثُمَّ يَطْمَعُ اَنْ اَزِيْدَ تو پوءِ پڻ لالچ ٿو ڪري ته مان هن کي وڌيڪ ڏيان كَلَّا هرگز نه اِنَّهٗ كَانَ لِاٰيٰتِنَا عَنِيْدًا ڇو ته هي اسان جي آيتن جو مخالف ۽ دشمن هو خاطره چه زيادتي دنيا و آخرت منز بند چنانچه ان آيات ڪريمه جي نازل ٿيڻ کان پوءِ ان جو مال ۽ دولت ڪونه جاه و عزت نه اولاد خوار و ذليل سپد سَاُرْهِقُهٗ صَعُوْدًا آئنده آخرت اندر ڪهاڻي ٻو سو جهنم منز تته ڪوهس يته ناو ڇهو صعود۔ حديث شريف ڇهو صحيح ترمذي اندر ڪه فرمو حضرت نبي ڪريمو صلي الله عليه وسلم ڪه صعود ڇهو جهنم اندر اکه ڪوهاه ستن ورين واته جهنمي تمچه تاله پٹھ تو پته اَيه تمه پٹھ بيه ٻون دارت دنه۔ اتي پاڻ روزه سو هميشه اته ڪوهس کسان تو پته تمه ڪوهه پٹھ وس

صَعُوْدًا ﴿۱۷﴾ اِنَّهٗ فَكَّرَ وَقَدَّرَ ﴿۱۸﴾ فَقُتِلَ كَيْفَ قَدَّرَ ﴿۱۹﴾ ثُمَّ
قُتِلَ كَيْفَ قَدَّرَ ﴿۲۰﴾ ثُمَّ نَظَرَ ﴿۲۱﴾ ثُمَّ عَبَسَ وَبَسَرَ ﴿۲۲﴾
ثُمَّ اَدْبَرَ وَاسْتَكْبَرَ ﴿۲۳﴾ فَقَالَ اِنْ هٰذَآ اِلَّا سِحْرٌ
يُّؤْثَرُ ﴿۲۴﴾ اِنْ هٰذَآ اِلَّا قَوْلُ الْبَشَرِ ﴿۲۵﴾ سَاُصْلِيْهِ

---

پوان۔ یہ سزا یِیہ تس دنہ امی اعتقادہ موکھ تمیوک ذکر کرنہ آو اِنَّهٗ فَكَّرَ وَقَدَّرَ پزپاٹھ تم شخصن کر فکر بیہ کرن اندازہ کہ قرآن مجیدس نسبت کوہ ییچھ لفظ کرہ تجویز تو پتہ کرن واریاہ فکر تہ تامل کرت اکھ لغو تہ بے ہودہ کتھاہ پیش فَقُتِلَ كَيْفَ قَدَّرَ پس گژھن سواڈہ ژوٹ تہ کھوڈہ بوز، کتھ پاٹھ کرن یہ اندازہ ثُمَّ قُتِلَ كَيْفَ قَدَّرَ تو پتہ گژھن سو بیہ اڈہ ژوٹ دوبارہ یہ کژھ کتھاہ کر تم یہ تعجب مکرر کرن چھو امسنز سخت مذمت کرنہ خیطرہ۔ یعنے یہ کژھ بے ربط کتھاہ کر تم تمیوک نہ کونہ صورتس منز احتمالے ہیکہ سپدت کیازہ سحر چھ پرت اکس خبر کہ تمیوک اثر چھونہ زیادہ کالس پوشان سحرک طاقت چھونہ سو کیاہیکہ غائبن پیٹھ تہِ اثر کرت۔ گاڈس زمانس تہ آئندہ آوِہ ونس زمانس پٹھ اثر کرت۔ یعنی نعوذ باللہ ہرگہ یہ قرآن مجید جود آسہ ہا۔ سو کتھ پاٹ ہیکہ پرت زمانہ کین لوکن جود کرِت کہ تم ہیکہ ہن تمہ جادِہ کہ اثر سیت تمیوک مقابلہ کرت جادوگر یعنی اپہ زیور کتھ پاٹ بلکہ علی الاعلان دعویٰ کرنگ جرأت کرت کہ مثل تہ یتھ کلامس ہیو ہکیونہ توہ جن تہ انسان ہرگز کانہ کلامس پیش کرت ثُمَّ نَظَرَ تو پتہ لگ مجلسہ ہندین لوکن گن بوتھ بوتھ وچھنہ سُہ کتھ یوسہ مہ تجویز کرصہ وناکنہ ونہ ثُمَّ عَبَسَ تو پتہ لدن بوتھس بوم وَبَسَرَ تو پتہ لگ بوتھ ژکراونہ ڈکس درہ کھارنہ یوتھ لوکھ دپن تمس چھ سخت نکہت قرائج ثُمَّ اَدْبَرَ وَاسْتَكْبَرَ تو پتہ پھیور پتھ گن بیہ نہ راون غرور تہ تکبر۔ فَقَالَ اِنْ هٰذَآ اِلَّا سِحْرٌ يُّؤْثَرُ تو پتہ ونن یہ قرآن مجید چھونہ مگر بین نشہ نقل کرمُت جود اہ اِنْ هٰذَآ اِلَّا قَوْلُ الْبَشَرِ یہ چھونہ کنہ تہِ بشرہ سندہ کلامہ ورای۔ یعنی اللہ تعالیٰ سُند کلام چھونہ اللہ تعالیٰ چھو فرماوان آمس دیو توہ ڈورنہِ۔ سَاُصْلِيْهِ سَقَرَ جلدی واتناون

سَقَرَ ﴿۲۶﴾ وَمَآ اَدۡرٰىكَ مَا سَقَرُ ﴿۲۷﴾ لَا تُبۡقِیۡ وَ
لَا تَذَرُ ﴿۲۸﴾ لَوَّاحَةٌ لِّلۡبَشَرِ ﴿۲۹﴾ عَلَیۡهَا تِسۡعَةَ عَشَرَ ﴿۳۰﴾
وَمَا جَعَلۡنَآ اَصۡحٰبَ النَّارِ اِلَّا مَلٰٓئِكَةً ۙ وَّمَا جَعَلۡنَا عِدَّتَهُمۡ
اِلَّا فِتۡنَةً لِّلَّذِیۡنَ كَفَرُوۡا ۙ لِیَسۡتَیۡقِنَ الَّذِیۡنَ اُوۡتُوا الۡكِتٰبَ

---

بوسُو جہنمہ کس نارس اندر وَمَآ اَدۡرٰىكَ مَا سَقَرُ ژہ کوہ چیز زانروی کہ سقر نار جہنم کیا حقیقت چھ لَا تُبۡقِیۡ وَ لَا تَذَرُ سُو نار تراوِہ نہ باقی بد نُک کانہ حصاہ زالنہ ورای۔ نہ چھڈہ کانسہ نافرمانس عذاب کرنہ ورای لَوَّاحَةٌ لِّلۡبَشَرِ پُھسرہ والہ ؤن چھو ہُتھ کس دالس یمہ سیت شکل وصورتھے تباہ تہ برباد گژھہ عَلَیۡهَا تِسۡعَةَ عَشَرَ تتھ جہنمس پٹھ چھہ مقرر کرنہ آمت کُنوہ ملک بڈ بڈ سردار یم کافرن رنگارنگ عذاب کرن۔ ملائکن ہیوند قوت تہ طاقت چھو سیٹھاہ زیادہ جن تہ انسانن ہندہ خوتہ چنانچہ سارنی جہنمین عذاب کرنہ خیطرہ اوس اکوی ملک کافی۔ مگر اللہ تعالیٰ ان کر مقرر کُونہ ووہ ملک امہِ اندرہ چھو معلوم سپدان کہ کافرن تہ مُشرکن عذاب کرنُک اہتمام چھو سٹھاہ زیادہ۔ کونہ وہن ہوند عدد خاص کرنُک سِر چھو معلوم اللہ تعالیٰ اَسی۔ یمن کنوہن ملکن ہندس سردارس چھوناو مالک یلہ یمہ آیہ کریمک مضمون بُوزکا فروتم لگ ٹھٹھہ تہ استہزاء کرنہ۔ چنانچہ اکھ کافراہ اکھ اوس ابوالاشدین سُو اوس سٹھاہ طاقت ور شخصاہ سو لگ ونہنِ کہ ای قریشو توہ مہ کھوژیو۔ یمو اندرہ زہ ملک ہٹاوکھ توہہِ باقی سداھن سیت کربہ کُنی مقابلہ اللہ تعالیٰ ان کراتھ تردید وَمَا جَعَلۡنَآ اَصۡحٰبَ النَّارِ اِلَّا مَلٰٓئِكَةً اسہ کرنہ جہنمک داروغہ انسان یمن کانہ قوی انسانہ ہٹاوتھ ہیکہا بلکہ کراسہ جہنمک داروغہ صرف ملائک یمو اندرہ اکھ ملک تیوت قوت چھو تھاوان یوت سارنی جن تہ انسانن اولین تہ آخرنین قوت چھو چنانچہ حدیث شریفس منز چھو لہم مثل قوۃ الثقلین وَّمَا جَعَلۡنَا عِدَّتَهُمۡ اِلَّا فِتۡنَةً لِّلَّذِیۡنَ كَفَرُوۡا بیہ کرنہ اسہ تہوند تعداد یوت اس بیان آو کرنہ مگر کافرن آزمائش کرنہ خیطرہ یُوتھ تہنزہ گمراہین ہیوند سبب بنہ بیہ یوتھ اَتھہِ پیٹھ امیک نتائج مرتب سپدن لِیَسۡتَیۡقِنَ الَّذِیۡنَ اُوۡتُوا

وَيَزْدَادَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِيْمَانًا وَّلَا يَرْتَابَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا
الْكِتٰبَ وَالْمُؤْمِنُوْنَ ۙ وَلِيَقُوْلَ الَّذِيْنَ فِيْ قُلُوْبِهِمْ مَّرَضٌ
وَّالْكٰفِرُوْنَ مَاذَآ اَرَادَ اللّٰهُ بِهٰذَا مَثَلًا ؕ كَذٰلِكَ يُضِلُّ
اللّٰهُ مَنْ يَّشَآءُ وَيَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ ؕ وَمَا يَعْلَمُ جُنُوْدَ
رَبِّكَ اِلَّا هُوَ ؕ وَمَا هِيَ اِلَّا ذِكْرٰى لِلْبَشَرِ ﴿٣١﴾ كَلَّا وَالْقَمَرِ ۙ ﴿٣٢﴾
وَالَّيْلِ اِذْ اَدْبَرَ ۙ ﴿٣٣﴾ وَالصُّبْحِ اِذَآ اَسْفَرَ ۙ ﴿٣٤﴾ اِنَّهَا لَاِحْدَى

---

الْكِتٰبَ يُو تہ تہ اہل کتاب بہ بوزت یقین کرن کیازہ تمن آسہ پنہ نیو کتابو موجب اتھ تعداس متعلق اطلاع خبر برونٹھی وَيَزْدَادَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِيْمَانًا یمہ سیت بایمانن ہوند ایمان زیادہ سپدہ وَّلَا يَرْتَابَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ وَالْمُؤْمِنُوْنَ بیہ روزہ نہ کانہ شک تہ تردد اہل کتابن تہ بایمانن۔ تمن لگہ نہ مشرکن ہندہ استہزاء تمسخرہ سیت کونہ قسمہ دھوکھ وَلِيَقُوْلَ الَّذِيْنَ فِيْ قُلُوْبِهِمْ مَّرَضٌ وَّالْكٰفِرُوْنَ مَاذَآ اَرَادَ اللّٰهُ بِهٰذَا مَثَلًا بیہ یمن ہندن دِلن اندر شکک مرض چھو یعنی منافق تہ ضیعف الایمان لوکھ بیہ کافرن پاٹھ انکار کرہ ون تم ونن کہ یہ عجیب مضمون یعنی جہنمہ کین داروغن ہنز گرندونہ اندرہ کیاہ سنا چھو مقصود اللہ تعالیٰ اس یتھ پاٹھ اللہ تعالیٰ ان یتھ معاملس اندر بایمانن خاص ہدایت کربیہ کرن اتھ معاملس اندر کافر خاص طور گمراہ كَذٰلِكَ يُضِلُّ اللّٰهُ مَنْ يَّشَآءُ وَيَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ یتھے پاٹھ چھو اللہ تعالیٰ گمراہ کران یس یژھان چھولس بیہ چھو ہدایت کران یس یژھان چھولس۔ جہنمہ کین داروغن ہنز گرند کنوہ ونس اندر چھ کمہ کمہ حکمژ، تہ چھا کل بل یتوی فوج نہ ہرگز نہ بلکہ وَمَا يَعْلَمُ جُنُوْدَ رَبِّكَ اِلَّا هُوَ ای پیغمبر چانس پروردگارہ سند فوج چھو تیوت یمن ہیوند شمار نہ کانہ تہ زانہ تس معبود برحقس ورای وَمَا هِيَ اِلَّا ذِكْرٰى لِلْبَشَرِ یہ جہنمک حال بیان کرن چھو ہنٛز نصیحت صرف انسانن ہندہ خیطرہ كَلَّا وَالْقَمَرِ تحقیق قسم چھو زونہ ہیوند وَالَّيْلِ اِذْ اَدْبَرَ بیہ چھو قسم راژ ہوندیلہ سہ گژھن چھ ہیوان وَالصُّبْحِ اِذَآ اَسْفَرَ بیہ چھو قسم صحک یلہ

الْكُبَرِ ﴿٣٥﴾ نَذِيْرًا لِّلْبَشَرِ ﴿٣٦﴾ لِمَنْ شَآءَ مِنْكُمْ اَنْ يَّتَقَدَّمَ
اَوْ يَتَاَخَّرَ ﴿٣٧﴾ كُلُّ نَفْسٍ بِمَا كَسَبَتْ رَهِيْنَةٌ ﴿٣٨﴾ اِلَّآ اَصْحٰبَ
الْيَمِيْنِ ﴿٣٩﴾ فِيْ جَنّٰتٍ يَتَسَآءَلُوْنَ ﴿٤٠﴾ عَنِ الْمُجْرِمِيْنَ ﴿٤١﴾ مَا
سَلَكَكُمْ فِيْ سَقَرَ ﴿٤٢﴾ قَالُوْا لَمْ نَكُ مِنَ الْمُصَلِّيْنَ ﴿٤٣﴾ وَلَمْ

---

سو پھولان چھووارہ گاش یوان چھوتمے قسم چھس بوہاوان ییتھ کتھ پیٹھ کہ اِنَّهَا لَاِحْدَى الْكُبَرِ بے شک جہنم چھو بڈیو ہولناک چیز واندرہ اکھ چیز نَذِيْرًا لِّلْبَشَرِ پس بیم کرہ ڈن تہ کھوژناوہ ون چھو سارنی انسانن لِمَنْ شَآءَ مِنْكُمْ اَنْ يَّتَقَدَّمَ اَوْ يَتَاَخَّرَ تمن سارنی ہندہ خیطرہ یم توہہ اندر نیکین تہ خیرہ چن کامین برونٹھ گژھون یژھن۔ بیہ تمن یم نیکیو تہ خیرہ چوکامیونشہ پتھ روزن یژھن امہ ییمگ تہ کھوژناو نگ انجام تہ عافیت سپدہ ظاہر قیامتکِ دوہ۔ تمی آی اتھ پیٹھ تمنے چیزن ہند قسم ہاونہ یمن چیزن قیامتس سیت اکھ مناسبتاہ چھہ چنانچہ زون چھہ ابتداءس اندر بڑان بڑان تمہ پتہ چھہ پُورتہ برابر سپدت کم ہوان گژھن یوتان ختم چھہ سپدن ییہے چھہ یمہ عالمہ کہ وجود چ تہ فناگژھنچ حقیقت تتھے پاٹھ چھہ دوہ کس اینس تہ راتہ کس گژھہ نس تہ مناسبت یہ دنیاء کس ختم گژھنس تہ قیامتکس اینس سیت۔ راژ ہیوند ختم گژھون گو یمہ عالمک ختم گژھن صبح پھلن تہ دوھگ یُن گو تمہ عالمک ظاہر سپدن۔ امہ پتہ چھہ بیان کران جہنمین ہند بعضے حالات كُلُّ نَفْسٍ بِمَا كَسَبَتْ رَهِيْنَةٌ پرت شخصاہ آیہ پننہ نین کفرہ چن کامین ہندہ مُوکھ جہنمکس قیدس اندر بند کرنہ تہ قید تھاونہ اِلَّآ اَصْحٰبَ الْيَمِيْنِ مگرین نہ تتھ جہنمس منز قید تھاونہ تم لوک یمن نامہ اعمال ایہ دنہ دچھنس اتھس کیتھ فِيْ جَنّٰتٍ تم آسن جنتس اندر تہ عیش و آرامس اندر تو پتہ آسن يَتَسَآءَلُوْنَ * عَنِ الْمُجْرِمِيْنَ تم جنتی آسن کافرن نشہ تھوند حال تمنے نشہ پرژھان مَا سَلَكَكُمْ فِيْ سَقَرَ تم باایمان آسن تمن کافرن پرژھان توہہ کم چیزن واتناوہ جہنمس یعنی کمو ییچھ عملو موکھ اُوہ جہنمس اندر رواتناونہ قَالُوْا لَمْ نَكُ مِنَ الْمُصَلِّيْنَ تم دپنکھ اَس آسنہ دنیاءس اندر نماز پرہ ونیو اندرہ یعنی معبود برحقس عبادت کرہ ونیو اندرہ وَلَمْ نَكُ

نَكُ نُطْعِمُ الْمِسْكِيْنَ ﴿٤٤﴾ وَكُنَّا نَخُوْضُ مَعَ الْخَآئِضِيْنَ ﴿٤٥﴾ وَ
كُنَّا نُكَذِّبُ بِيَوْمِ الدِّيْنِ ﴿٤٦﴾ حَتّٰٓى اَتٰىنَا الْيَقِيْنُ ﴿٤٧﴾ فَمَا تَنْفَعُهُمْ
شَفَاعَةُ الشّٰفِعِيْنَ ﴿٤٨﴾ فَمَا لَهُمْ عَنِ التَّذْكِرَةِ مُعْرِضِيْنَ ﴿٤٩﴾
كَاَنَّهُمْ حُمُرٌ مُّسْتَنْفِرَةٌ ﴿٥٠﴾ فَرَّتْ مِنْ قَسْوَرَةٍ ﴿٥١﴾ بَلْ يُرِيْدُ
كُلُّ امْرِئٍ مِّنْهُمْ اَنْ يُّؤْتٰى صُحُفًا مُّنَشَّرَةً ﴿٥٢﴾ كَلَّا بَلْ لَّا

---

نُطْعِمُ الْمِسْكِيْنَ بیہ آسنہ اَسِ غریبن تہ مسکینن ہوند یہوند حق آسہ پٹھ واجب اوس طعام کھیاوان وَكُنَّا نَخُوْضُ مَعَ الْخَآئِضِيْنَ بیہ آس تمن لوکن سیت شامل سپدان یم دین حق یعنی اسلام باطل کرنچ کوشش کران آس وَكُنَّا نُكَذِّبُ بِيَوْمِ الدِّيْنِ بیہ آس اَسِ اِنہٕ زانت اِنکار کران قیامتہ کس دوہس حَتّٰٓى اَتٰىنَا الْيَقِيْنُ یوتان اتھ حالس اندر اسہ مرنک وقت ووت یعنی یمو حالتو نشہ آسے نہ اَسِ باز تااینکہ اتھ نافرمانی ہندس حالس پٹھ مودِ اَسِ فَمَا تَنْفَعُهُمْ شَفَاعَةُ الشّٰفِعِيْنَ پس دیہ نہ کانہ نفع تہ فائدہ تمن شفاعت کرہ وٕنین ہنز شفاعت یعنی تمن کرہ نہ شفاعت تہ سفارشی کانہہ تمن یلہ امہِ کفر واعراضہ مُوکھ یہ حالت بنہ فَمَا لَهُمْ عَنِ التَّذْكِرَةِ مُعْرِضِيْنَ پس کیاہ گو تمن کہ تم چھ امہ قرآنہ کہ نصیحت نشہ بُوتھ پھران تہ روگردانی کران تہ ژلان كَاَنَّهُمْ حُمُرٌ مُّسْتَنْفِرَةٌ * فَرَّتْ مِنْ قَسْوَرَةٍ زن تم چھ جنگلی تہ وحشی کھر یم سہ وچھت چھ کھر کھوان تہ ژلان۔ امہ تہندہ ژلنک وجہ چھو کہ تم چھنہ پنہ خیالہ قرآن مجیدس کافی دلیل زانان بَلْ يُرِيْدُ كُلُّ امْرِئٍ مِّنْهُمْ اَنْ يُّؤْتٰى صُحُفًا مُّنَشَّرَةً بلکہ چھو تمو اندرہ پرت اکھاہ یژھان کہ تس نشہِ گژھہ واتن آسمانی خطاہ وارہ مژہ راوت۔ یتھ خطس اندر بوضاحت لکھت آسہا خدایہ سندہ طرفہ خصوصی طور تہندہ ناوہ کہ توہ کریو حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم سنز متابعت اللہ تعالیٰ چھو فرماوان كَلَّا تہ ہنہ نہ ہرگز کیازہ اَمچ چھنہ ضرورتھے نہ چھ یمن تِمچ لیاقت تہ قابلیت یہ درخواست کرنگ وجہ چھونہ یمن کیا چھو دلن اندر پژھ کرنگ پختہ ارادہ بَلْ لَّا يَخَافُوْنَ الْاٰخِرَةَ بلکہ چھو یہ درخواست کرنگ وجہ کہ یمن چھنہ آخرتچ پژھی یمن چھونہ

يَخَافُوْنَ الْاٰخِرَةَ ﴿٥٣﴾ كَلَّآ اِنَّهٗ تَذْكِرَةٌ ﴿٥٤﴾ فَمَنْ شَآءَ ذَكَرَهٗ ﴿٥٥﴾ وَمَا يَذْكُرُوْنَ اِلَّآ اَنْ يَّشَآءَ اللّٰهُ ۭ هُوَ اَهْلُ التَّقْوٰى وَاَهْلُ الْمَغْفِرَةِ ﴿٥٦﴾

---

آخرتک عذابک خوف کِنہ تمی چھونہ یمن پوزٕھانڈنُک خیالے کانہہ کَلَّآ یلہ وین تہندہ درخواست کرنُک باطل آسن ثابت سپد۔ لہٰذاہکہ نہ تہ ہرگز بنت تیٚچ تم خواہش کران چھ اِنَّهٗ تَذْكِرَةٌ بلکہ چھو یہوی قرآن مجید وعظ نصیحتہ خیطرہ کافی بیہ گونہ خصوصی وعظچ چھنہ کانہ ضرورت فَمَنْ شَآءَ ذَكَرَهٗ اتھ کُن نظر کرِت یُس امہ قرآن مجیدہ سیت نصیحت رٹن یژھہ۔ سورٹن نصیحت لیس نہ یژھ سو مہ رٹن گژھن گرفتار جہنمہ کِس عذابس۔ اسہ چھنہ تہنز کانہ ضرورت کہ تس نشہ کیاسوزٕواس خصوصی صحیفاہ وَمَا يَذْكُرُوْنَ اِلَّآ اَنْ يَّشَآءَ اللّٰهُ بیہ کتہ کرن تم نصیحت قبول یوتان نہ اللہ تعالیٰ تہوند نصیحت قبول کرن یژھہ تمسند س نہ یژھنس اندر چھ بجہ بجہ حکمژ باوجود آن چھو ضرور قرآن مجید بوڈ وعظ تہ بڈ نصیحت لہذا گژھ امہ سیت نصیحت رٹن تہ خدایہ سنز اطاعت وفرماں برداری کرن کیازہ هُوَ اَهْلُ التَّقْوٰى وَاَهْلُ الْمَغْفِرَةِ سوی چھو سوذات پاک یسند س عذابس کھوژن شُو بہ بیہ چھو سُوی لایق بندن ہندن گُنہن بخشایش کرنس یعنی انسانے ڈٕھ کیتھ گناہ کرہ توپتہ یلہ سو تقویٰ چہ وتہ پتھ تس کھوژہ توپتہ کرہ توبہ گُنہن منگس بخشایش سو پروردگار کریس سارنی گُنہن مغفرت توبہ کرس قبول۔ چنانچہ اکس حدیث شریفس منز چھو آمت لیس بروایت انس بن مالک چھو کہ حضرت آنحضر تو پُراکہ دوہ یہ آیہ کریمہ توپتہ فرمووکھ قال ربکم عزوجل أنا أهل أن أتقى فلا يشرك بي شي ۔ فإذا اتقاني العبد فأنا أهل أن أغفرله یعنی بو چھس یتھ لایق کہ بندہ کھوژن مہ توپتہ ٹھرا دنم نہ کانہہ اکھاہ کونہ چیزس تہ کونہ کامہ منز شریک توپتہ یلہ بندہ مہ کھوژ شرکہ نشہ سپد پاک تمہ ساتہ چھو میون شان ای زہ بو کرہ تُہندین گُنہن مغفرت۔ (اللہ تعالیٰ تھاون اسہ پننہ فضلہ ورحمتہ سیت ہمیشہ ایمان وتوحیدس پٹھ قائم بیہ کرن سانین سارنی گُنہن بخشائش۔ آمین یا رب العالمین)

# سُورَةُ القِيَامَةِ

بِسْمِ اللهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ

لَآ أُقْسِمُ بِيَوْمِ الْقِيٰمَةِ ① وَلَآ أُقْسِمُ بِالنَّفْسِ اللَّوَّامَةِ ②

لَآ أُقْسِمُ بِيَوْمِ الْقِيٰمَةِ بوچھس قسم هاوان قيامته دوهُك وَلَآ أُقْسِمُ بِالنَّفْسِ اللَّوَّامَةِ بيه چھس بُه قسم هاوان تمه نفسک يس پان پانس ملامت کره محققو چھو لکھمت که انسانس چھو نفس اکوی مگر تمه کیو ترِیو حالو منز چھه تته تره ناو۔ اگر انسانه سُند نفس آسه مائل عالم علویس کُن توپته آسه الله تعالیٰ سنز عبادت ته فرماں برداری کران۔ بیه آسه تس شریعتچ پیروی کرنس سکون و قرار محسوس سپدان یته نفس چھ ونان نفس مطمئنه اگر تهوند نفس عالم سفلیس کُن مائل آسه دنیاء کین لذتن ته نفسچه خواهش اندر آسه بوڑمت توپته آسه یچھ کامین ته بدین کُن رغبت کران شریعتهچه پیروی نشه آسه ژلان ته گریز کران تته چھه ونان نفس اماره هرگه کونه وقته عالمه سفلیس کُن آسه نمان شهوتن ته خواهش منز آسه مبتلا سپدان ته کونه وقته آسه عالم علویس کُن مائل سپدت یمن چیزن یچھ ته خراب زانت دور ژلان، بیه آسه یمو کامیو سبه به شرمنده ته خجل گرِهت نادم ته پشیمان سپدت پنه نس پانس ملامت ته کرڈه پریٹ کران تته چھه دپان نفس لوامه یهوی مضمون ایه بیه طریقه ته بیان کرنه که انسانه سوند دل چھو گوڈ گوڈه نفسه چن خواهش گنده نس ته بےهوده کامین منز بوڈ تهٖ غرق گرِهان نیکین کُن چھُس نه رغبت آسان سو گو نفس اماره توپته چھوس هوش یون رُوت ته یچھ چھوس فکره تران پانس چھو هیوان پیون یچھ کامیو نشه چھو باز هیوان یون محسوس چھو هیوان کرن که مه کور یه نه کرن گژھ پنه نس پانس چھو ملامت هیوان کرن۔ سو گو نفس لوامه توپته یله پنه نس پانس درست کران ته سنبھالان چھو۔ دِله سیت چھو نیکین کُن رغبت کران۔ بےهوده ته ناجائز کامیو نشه چھو خود بخود دور روزن هوان یچھ کامین کره نچ چھنه کتھے تمن هند تصور کرنه سیت ته چھو تکلیف ته انقباض محسوس کران۔ تته چھه ونان نفس مطمئنه، یتس چھو الله تعالیٰ نفس لوامک قسم هاوان کیازه اگر کانسه فطرت سلیمه آسان چھو سو چھو خود بخود دنیاءس اندری یچھ کامین پیٹھ نادم ته پشیمان سپدت پنه نس پانس اصلاح کران یتس چھو جواب قسم محذوف کیازه امه پته

أَيَحْسَبُ الْإِنْسَانُ أَلَّنْ نَجْمَعَ عِظَامَهُ ۝٣ بَلَىٰ قَادِرِينَ
عَلَىٰ أَنْ نُسَوِّيَ بَنَانَهُ ۝٤ بَلْ يُرِيدُ الْإِنْسَانُ لِيَفْجُرَ
أَمَامَهُ ۝٥ يَسْأَلُ أَيَّانَ يَوْمُ الْقِيَامَةِ ۝٦ فَإِذَا بَرِقَ
الْبَصَرُ ۝٧ وَخَسَفَ الْقَمَرُ ۝٨ وَجُمِعَ الشَّمْسُ وَالْقَمَرُ ۝٩
يَقُولُ الْإِنْسَانُ يَوْمَئِذٍ أَيْنَ الْمَفَرُّ ۝١٠ كَلَّا لَا وَزَرَ ۝١١ إِلَىٰ

---

يم آيات ڇھ تھ پيٺھ دلالت كران سو جواب قسم ڇھو كہ توہ ساري اُيو بيہ دوبارہ مرنہ پتہ زندہ كرنہ قبرو اندرہ كڈت محشرہ كس ميدانس اندر سونبراونہ أَيَحْسَبُ الْإِنْسَانُ أَلَّنْ نَجْمَعَ عِظَامَهُ كيا انسان ڇھا خيال كران كہ اَسِ كيا ھكونہ ہرگز تہنزہ اڈچہ سونبراوت تہ جمع كرت انسانہ اندرہ ڇھو مراد كافر بَلَىٰ قَادِرِينَ عَلَىٰ أَنْ نُسَوِّيَ بَنَانَهُ اَسِ كردكھ ضرور اڈچہ جمع، تہ ڇھونہ اسہ نشہ كينہہ دشوار تہ مشكل كيازہ بجہ اڈجہ جمع كرنہ كيا ڇھ كتھے اسہ ڇھہ قدرت تمسنزہ لوكچہ اڈچہ يعنے اونجہ ٹينڈ تان سونبرنس جمع كرنس تہ پتہ پتہ جايہ برابر كرنس پٹھ قدرت يس حصہ بدنك سانہ نظرہ اندرہ مشكل ڇھو واٹن تہ برابر كرن تھ پيٺھ يلہ تس قدرت ڇھ تمہ گيہ نچہ نچہ اڈجہ بدنچہ وئن كياہ عجائب ڇھو لتس نشہ ہڈ ہڈ تان جمع كرن ليكن بعض لوكھ ڇھنہ خدايہ سندس قدرتس منز غور كران تمی ڇھہ قياقس اِنكار كران بَلْ يُرِيدُ الْإِنْسَانُ لِيَفْجُرَ أَمَامَهُ بلكہ ڇھو انسان قياقس اِنكار كرت يڑھان كہ آئندہ پتہ نہ زندگی اندر خوف تہ خطرہ ورای فسق وفجورس اندر درڈ ديون يَسْأَلُ أَيَّانَ يَوْمُ الْقِيَامَةِ تمی ڇھو بطريق اِنكار پرژھان كركمہ دوہ تہ كتھ سنس منز آسہ سو قيامت يتہ ڇھو سو ٹھٹھ پاٹھ تہ لسنہ پاٹھ سوال كرن پس بوزناويون فَإِذَا بَرِقَ الْبَصَرُ * وَخَسَفَ الْقَمَرُ * وَجُمِعَ الشَّمْسُ وَالْقَمَرُ پس يلہ اچھ خيرہ گژھن بيہ يلہ زونہ گرھون لگہ زونہ كياہ كتھے چہ بلكہ يلہ آفتابہ زون ين جمع كرنہ تہ كنی حالت سپدہ آفتابس تہ زونہ يعنے دوشون لگہ گرہون دوشوے سپدن گٹ تہ بے نور۔ يم يم حالات يلہ تمہ دوہ رونما سپدن يَقُولُ الْإِنْسَانُ يَوْمَئِذٍ أَيْنَ الْمَفَرُّ يہ منكرِ قيامت انسان گژھ حيران بدحواس گژھت لگہ

رَبِّكَ يَوْمَئِذِ ِۨالْمُسْتَقَرُّ ﴿١٢﴾ يُنَبَّؤُا الْاِنْسَانُ يَوْمَئِذٍۭ
بِمَا قَدَّمَ وَاَخَّرَ ﴿١٣﴾ بَلِ الْاِنْسَانُ عَلٰى نَفْسِهٖ بَصِيْرَةٌ ﴿١٤﴾
وَّلَوْ اَلْقٰى مَعَاذِيْرَهٗ ﴿١٥﴾ لَا تُحَرِّكْ بِهٖ لِسَانَكَ لِتَعْجَلَ

ونن کوت گژھ ژلن جایہ تہ چھپن جایہ چھنا کونہ اللہ تعالیٰ چھو فرماوان۔ كَلَّا ہرگزنہ لَا وَزَرَ ژلن جائی چھنہ کونہ ممکنی چھونہ کانہ کیاہیکہ ژلت اِلٰى رَبِّكَ يَوْمَئِذِ ِۨالْمُسْتَقَرُّ تمہ دوھہ آسہ سارنی پنہ نس پروردگارہ سنز درگاہ اندر تہ عدالتس اندر حاضر سپدن تھنزہ پیشی اندر ایستادہ روزن تھند سی فیصلس پیاژن تو پتہ چھوس تتھ جایہ واتن یمہ جایہ ہوند سو فیصلہ کریس جنتس یا نارس منز يُنَبَّؤُا الْاِنْسَانُ يَوْمَئِذٍۭ بِمَا قَدَّمَ وَاَخَّرَ تمہ دوہ ایہ امس انسانس کرمت تہ کراومت پتیوم تہ بروٹھیوم سورُوی یاد پاونہ بلکہ چھنہ تس باوٕنچ ضرورتے بَلِ الْاِنْسَانُ عَلٰى نَفْسِهٖ بَصِيْرَةٌ بلکہ چھو یہ انسان پنہ نس پانس پیٹھ پانہ دلیل تس چھہ پنہ نین کرتوتن ہنز پانس خبری وَّلَوْ اَلْقٰى مَعَاذِيْرَهٗ اگرچہ بروٹھ کن تراوتن سوڈ بیٹھ کتھ عذر تہ بہانہ تم چلنس نہ تمہ دوھ کینہہ ونہ ناوو کھ تمسند تان تہ سُوروی یہ تم کرمُت آسہ، لہٰذا عذر تہ بہانہ یا اِنکار کرہ نچ روزنہ گنجایشی۔ یمہ آیہ کریمہ يُنَبَّؤُا الْاِنْسَانُ منزہ درای زہ مضمون۔ اکھ مضمون گوکہ اللہ تعالیٰ چھو سوروی زانہ وُن۔ سارنی چیزن احاطہ کرہ ون تس نشہ چھونہ کھٹمت کینہ تہ دوئم مضمون گوکہ اللہ تعالیٰ سند طریقہ چھو کہ یلہ سو یژھان چھہ باقتضاء حکمت چھو سو تم تم علم تہ تم تم واقعات مخلوقن ہنزہ ذہنہ اندر حاضر کران، یم تھندس ذہنس نشہ غائب تہ پوشیدہ آسن چنانچہ تی سپدہ لوکن ہیوند حال قیامتک دوہ، ستیوم تہ پتیوم پیہ تمن پانے خود بخود یاد۔ یلہ یہ سانہ قدرچ حقیقت تہ کیفیت چھہ توہ کیاحض چھو یا رسول اللہ پنہ نس پانس تکلیف دِوان وحی نازل سپدنہ کہ وقتہ چھو جبریل امینس سیت سیت پران۔ بوزان تہ چھوہ پران تہ چھوہ محض یمہ اندیشہ مُو کھ کہ وحیک کانہ حصہ ماروزہ غیر محفوظ تہ ذہن مُبارکہ منزہ نیرہ نبر۔ توہ کیازہ چھو یہ اندیشہ کران۔ یلہ اسہ توہ پیغمبر بناووہ توہ نشہ چھو اسہ تبلیغ کام ہن۔ سانی کام چھہ تم ساری مضامین توہنزہ ذہنہ مُبارکس اندر جمع کرن تہ محفوظ تھاون۔ توہ کیازہ چھوہ تمیوک غم بران تہ محنت و مشقت برداش کران لَا تُحَرِّكْ بِهٖ لِسَانَكَ لِتَعْجَلَ بِهٖ مہ آسیو توہ زبان مبارکس حرکت کران وحی موکلنہ بروٹھ

بِهٖ ﴿۱۶﴾ اِنَّ عَلَيْنَا جَمْعَهٗ وَقُرْاٰنَهٗ ﴿۱۷﴾ فَاِذَا قَرَاْنٰهُ فَاتَّبِعْ
قُرْاٰنَهٗ ﴿۱۸﴾ ثُمَّ اِنَّ عَلَيْنَا بَيَانَهٗ ﴿۱۹﴾ كَلَّا بَلْ تُحِبُّوْنَ
الْعَاجِلَةَ ﴿۲۰﴾ وَتَذَرُوْنَ الْاٰخِرَةَ ﴿۲۱﴾ وُجُوْهٌ يَّوْمَئِذٍ نَّاضِرَةٌ ﴿۲۲﴾
اِلٰى رَبِّهَا نَاظِرَةٌ ﴿۲۳﴾ وَوُجُوْهٌ يَّوْمَئِذٍ بَاسِرَةٌ ﴿۲۴﴾ تَظُنُّ

---

يمه خيالہ کہ جلدی سان کرہابو وحیک الفاظ یاد کیازہ اِنَّ عَلَيْنَا جَمْعَهٗ وَقُرْاٰنَهٗ بے شک اسی چھو مٹہ یہ قرآن مجید تھوندس دل مُبارکس منز جمع کرن بیہ پھُو اسی مٹہ تھوندہ زبان مُبارکہ یہ پرہ ناون فَاِذَا قَرَاْنٰهُ فَاتَّبِعْ قُرْاٰنَهٗ پس یلہ اَسِ یہ قرآن مجید پران آسو یعنی سون فرستادہ ملک جبریل امین یلہ یہ پران آسہ تھوند ذہن تہ فکر گژھہ تمہ ساتہ امہ کس بوزنس کُن متوجہ تہ تابع روزن، سیت سیت پرنس سیت گژھنہ مشغول روزن ثُمَّ اِنَّ عَلَيْنَا بَيَانَهٗ تمہ پتہ یلہ توہ لوکن برونٹھ کنہ بیان آسہ کرن، تمہ ساتہ تھوندہ زبان مُبارکہ یہ بیان کرہ ناون چھو سانی مٹہ یہ مضمون ضمنی طور بیان کرت چھو بیہ قیامتہ کین مُنکرن کُن خطاب یوان کرنہ۔ اَی منکر انسانہ پتّمین تہ برونٹھمین عملن پٹھ مطلع کرنہ یُون سپدہ ضرور قیامتک دوہ۔ توہِ لوکن چھو خیال کہ قیامت سپدی نہ قائم كَلَّا یہ تھوند خیال چھُو نہ ہرگز صحیح توہِ چھنہ اتھ پٹھ کنہے دلیل حقیقتس اندر چھ کتھ یہے کہ بَلْ تُحِبُّوْنَ الْعَاجِلَةَ بلکہ چھو توہ دنیاء ک محبت تہاوان تمکسی محبتس منز چھوہ توہہ بڈت گمت وَتَذَرُوْنَ الْاٰخِرَةَ آخرتہ نِشہ غافل سپدت چھون سُو پسِ پُشت تراوان توہندہ قیامتس اِنکار کرنک بنا چھو دنیاء ک محبت۔ لہٰذا انیو توہہ وارہ کہ قیامت سپدہ قائم ضرور۔ پرت اکھاہ اِیہ پنہ نین عملن پٹھ مطلع کرنہ تو پتہ اَیہ پرت اکس تمن عملن ہنز مزوردنہ رژن عملن رژ مزور یچھ عملن یچھ مزور۔ یمیوک تفصیل یتہ پاٹ چھو وُجُوْهٌ يَّوْمَئِذٍ نَّاضِرَةٌ واریاہ بوتھ آسن تمہ دوہہ بارونق ترو تازہ اِلٰى رَبِّهَا نَاظِرَةٌ تم آسن پنہ نس پروردگارس کُن وچھان لذت دیدارہ سیت آسن سرشار، ہشاش تہ بشاش یعنے اسہ وین تہ پُھلہ وین وَوُجُوْهٌ يَّوْمَئِذٍ بَاسِرَةٌ واریاہ بوتھ آسن تمہ دوہ بے رونق تہ ژکراوت تہ بُوم لد تھ تَظُنُّ اَنْ

اَنۡ يُّفۡعَلَ بِهَا فَاقِرَةٌ ؕ﴿٢٥﴾ كَلَّآ اِذَا بَلَغَتِ التَّرَاقِيَ ۙ﴿٢٦﴾
وَقِيۡلَ مَنۡ ٜ رَاقٍ ۙ﴿٢٧﴾ وَّظَنَّ اَنَّهُ الۡفِرَاقُ ۙ﴿٢٨﴾ وَالۡتَفَّتِ
السَّاقُ بِالسَّاقِ ۙ﴿٢٩﴾ اِلٰى رَبِّكَ يَوۡمَئِذِ ۨالۡمَسَاقُ ؕ﴿٣٠﴾
فَلَا صَدَّقَ وَلَا صَلّٰى ۙ﴿٣١﴾ وَلٰكِنۡ كَذَّبَ وَتَوَلّٰى ۙ﴿٣٢﴾
ثُمَّ ذَهَبَ اِلٰٓى اَهۡلِهٖ يَتَمَطّٰى ؕ﴿٣٣﴾ اَوۡلٰى لَكَ فَاَوۡلٰى ۙ﴿٣٤﴾

---

يُّفۡعَلَ بِهَا فَاقِرَةٌ تمن لوڪن آسن ٿي ته تمن سيت سپده سوي معامله ٿيس ٿهند ڪمر ڀڄڻ وارو ڏن آسه يعني تمن اچه ڪرنه عذاب شديد. امه پته ڇهو دنياء ڪس محبتس پٺ زجر يوان ڪرنه که اي انسانه ٿه اوسجه دنياءس محبوب ڄاڻان ته آخرتس ناپسند ته نامرغوب ڄاڻان كَلَّآ سوٿه ڇهنه ڪيازه امه دنياء نشه ڇه ٿيه اکه ته اکه ڏوه مفارقت ته جدائي ڪرن توپته ڇهوي ٿه بهرحال آخرتس ڪن واتن اِذَا بَلَغَتِ التَّرَاقِيَ يله زووا تان ڇهو هرس پٺ يعني انسان ڇهو مرنه لگان وَقِيۡلَ مَنۡ رَاقٍ تمه ساته ڇهو نهايت حسرت ته ڪِن ونه نه يوان يعني بيمار دار ڇه تمه ساته ونان ڪانهه پرن ڏولاه ڇهونا ٿيس تمس پهو ڪهاه ديه هاياڪانهه علاج ڪره وناه حڪيماه ڇهونا وَّظَنَّ اَنَّهُ الۡفِرَاقُ سو مره ون ڇهو پانه يقين ڪران که يه ڇهو دنياء نشه عزيزن ته رشته دارن نشه جدا سپد نک وقت وَالۡتَفَّتِ السَّاقُ بِالسَّاقِ موتچه سختي سيت ڇهس اکه گرز بيس گرزه ولنه يوان. يه ڇهو علامت سڪرات الموتک اِلٰى رَبِّكَ يَوۡمَئِذِ ۨالۡمَسَاقُ يله يڙه حالت پيش يوان ڇه، دپنه ڇهو يوان امس مره ونس، که ٿه ڇهے ازپنه نس پروردگارس ڪن پکن توپته خدايس نشه واتنه پته اگر سو شخص ڪافر آسه تمسند حال آسه سيٺاه خراب ڪيازه فَلَا صَدَّقَ وَلَا صَلّٰى ڪيازه تم آسه ڪرمت تصديق ته پڙه ڪنس خدايس ته پيغمبر برحقس بيه آسين نه پرمژ نماز وَلٰكِنۡ كَذَّبَ وَتَوَلّٰى ليڪن تم ڪر بجاي تصديق انڪار و تڪذيب بيه بجاي نماز و نياز ڪرن سخت اعراض ثُمَّ ذَهَبَ اِلٰٓى اَهۡلِهٖ يَتَمَطّٰى اعراض ڪرت ته بو ٿه ڦرت ٿن گره ڪن پکن يٹه ماران زن تم لاس لبمت اوس هڏ ڪومه ڪرمژ آس اَوۡلٰى لَكَ فَاَوۡلٰى * ثُمَّ اَوۡلٰى لَكَ فَاَوۡلٰى

ثُمَّ اَوْلٰى لَكَ فَاَوْلٰى ﴿٣٥﴾ اَيَحْسَبُ الْاِنْسَانُ اَنْ
يُّتْرَكَ سُدًى ﴿٣٦﴾ اَلَمْ يَكُ نُطْفَةً مِّنْ مَّنِيٍّ يُّمْنٰى ﴿٣٧﴾
ثُمَّ كَانَ عَلَقَةً فَخَلَقَ فَسَوّٰى ﴿٣٨﴾ فَجَعَلَ مِنْهُ الزَّوْجَيْنِ
الذَّكَرَ وَالْاُنْثٰى ﴿٣٩﴾ اَلَيْسَ ذٰلِكَ بِقٰدِرٍ عَلٰٓى اَنْ
يُّحْيِۦَ الْمَوْتٰى ﴿٤٠﴾

---

اى بد بخت چانه بد بختى تباهى ته خرابى هوندو قت ووت، اڳئي خرابى نه بلكه اڳه خرابى پته بياڳه خرابى اڳه تباهى پته بياڳه تباهى اَيَحْسَبُ الْاِنْسَانُ اَنْ يُّتْرَكَ سُدًى كيا يه انسان چها گمان كران كه سو كيا ايه ترا ونه سيلے لتس كيا ايه نه آزمائش كرنه امرو نهى كيو احكا مو سيت۔ تو پته كيا ايس نه پرتهه نه حساب هينه۔ بلكه چهو سو يقيناً مكلّف۔ بيه ايه لتس يقيناً حساب وكتاب كرنه جزاء وسزا دنه يه انسان اوس مرنه پته زنده سپد نس محال زانان پته آيته آس امسز كمال حماقت اَلَمْ يَكُ نُطْفَةً مِّنْ مَّنِيٍّ يُّمْنٰى كيا امس چهنا پنون ابتداء معلوم كيا يه اوسنا گوڈه محض اڳه منى قطراه يس پشپاونه آوزنانه هندس شكمس ته بچه دانه اندر ثُمَّ كَانَ عَلَقَةً تو پته بيو تهه منى قطرس خونه وتهاه اڳه فَخَلَقَ فَسَوّٰى تو پته كرتهه الله تعالىٰ ان پيده اڳه انسان تس كرن اعضاءِ بدن برابر فَجَعَلَ مِنْهُ الزَّوْجَيْنِ الذَّكَرَ وَالْاُنْثٰى امسى انسانس كر الله تعالىٰ ان زه قسم نرته ماده۔ مرد ته زنانه اَلَيْسَ ذٰلِكَ بِقٰدِرٍ عَلٰٓى اَنْ يُّحْيِۦَ الْمَوْتٰى كيا يه قادرِ مطلق يم پننه قدرته سيت ابتدائيه سوروى كينهه كور آس بيجان قطرس كرن عاقل ته دانا انسان پيده سو هيكه نا مرنه پته بيه دوباره لتس پيده كرت۔ حديث شريفس منز چهو آمت من قرأ سورة القيٰمة وقرأ فيها اَلَيْسَ ذٰلِكَ بِقٰدِرٍ عَلٰٓى اَنْ يُّحْيِۦَ الْمَوْتٰى فليقل بلىٰ إنه علىٰ كل شئ قدير يعنى يس سوره قيامت پره تو پته پره تميوك پتيوم آيه كريمه أليس ذٰلك إلخ سو پرن بلىٰ إلخ اده سو پرتن نمازه منز يا نمازه وراى يس يه سوره شريفه پره ون آسه تس چهو حكم امه پته بلى پرن۔ بوزه ونس چهونه پرنگ حكم۔ اِتهے پاٹهه چهه امامسى يوت پرن مقتدين چهنه پرن كيازه لفظ حديث چهو من قرأ اتهه منز چهونه من سمع يعنى يس بوزه يه آيه كريمه تهوند گژهه نه پرن وارهگژهه تامل كرن۔



بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ ○

هَلْ اَتٰى عَلَى الْاِنْسَانِ حِیْنٌ مِّنَ الدَّهْرِ لَمْ یَكُنْ شَیْــٴًـا مَّذْكُوْرًا ①
اِنَّا خَلَقْنَا الْاِنْسَانَ مِنْ نُّطْفَةٍ اَمْشَاجٍ ﳓ نَّبْتَلِیْهِ فَجَعَلْنٰهُ
سَمِیْعًۢا بَصِیْرًا ② اِنَّا هَدَیْنٰهُ السَّبِیْلَ اِمَّا شَاكِرًا وَّ اِمَّا
كَفُوْرًا ③ اِنَّاۤ اَعْتَدْنَا لِلْكٰفِرِیْنَ سَلٰسِلَاۡ وَ اَغْلٰلًا وَّ سَعِیْرًا ④

---

هَلْ اَتٰى عَلَى الْاِنْسَانِ حِیْنٌ مِّنَ الدَّهْرِ لَمْ یَكُنْ شَیْــٴًـا مَّذْكُوْرًا بے شک امس انسانس پتھ گذریو زمانہ منز اکھ وقتاہ یتھ وقتس منز اوس نہ سو کانہ چیز زیوہ پیٹھ ہیون لایق یعنی قابلِ ذکر۔ انسان اوس نہ بلکہ اوس نطفہ تمہ برونٹھ اوس غذا تمہ برونٹھ اوس چیز جماداتو اندر اِنَّا خَلَقْنَا الْاِنْسَانَ مِنْ نُّطْفَةٍ اَمْشَاجٍ اسی گر پیدہ یہ انسان ملناونہ آمتس آب نطفس یعنی مردہ سندس آبس تہ زنانہ ہندس آبس سیت ملناوِت کیازہ زنانہ ہنز منی چھہ اندر اندری تھندس شکمس یعنی بچہ دانہِ اندر جمع سپدان تو پتہ چھ تم دو شوے آب پانہ وان رلان تہ ملناونہ یوان تتھ چھہ انسان بنان یتہ ہحہ معنی آسہ کہ سو مادہ چھو مختلف چیز و سیت مرکب آسان سپد مُت غرض اِتھے نطفس کر پیدہ اسہ یہ انسان نَّبْتَلِیْهِ فَجَعَلْنٰهُ سَمِیْعًۢا بَصِیْرًا یمہ طریقہ کہ اس کر سو مکلّف یعنی پنہ نین حکمن امر تہ نہی واتناو وتس نشہ دلوس یہ کرتہ یہ نہ۔ امی سیت کرواس تس آزمایش تہ امتحان تمی موکھ کراسہ سو بوزہ ون تہ وچھ ڈن بیہ کوراسہ تس عقل و فکر عطا غرض کہ سو ہیئت تہ تم صفت کراسہ تس عطا یمو سیت تمس اندر مکلّف بنہ نچ قابلیت سپز پیدہ۔ تمہ پتہ یلہ تس مکلّف بنہ نک وقت ووت اِنَّا هَدَیْنٰهُ السَّبِیْلَ اِمَّا شَاكِرًا وَّ اِمَّا كَفُوْرًا اسہ کریو مطلع رژن کامن پتھ تہ پچھ کامین پیٹھ تو پتہ ہاوس اسہ سیز وتھ یعنی پنہ نیو احکامو سیت کوراسہ تس ٹن خطاب۔ تمہ سیت سپد سو یا شکر گذار با ایمان۔ یا سپد

إِنَّ الْأَبْرَارَ يَشْرَبُونَ مِنْ كَأْسٍ كَانَ مِزَاجُهَا كَافُورًا ﴿٥﴾
عَيْنًا يَشْرَبُ بِهَا عِبَادُ اللّٰهِ يُفَجِّرُونَهَا تَفْجِيرًا ﴿٦﴾ يُوفُونَ
بِالنَّذْرِ وَيَخَافُونَ يَوْمًا كَانَ شَرُّهُ مُسْتَطِيرًا ﴿٧﴾ وَيُطْعِمُونَ
الطَّعَامَ عَلٰى حُبِّهٖ مِسْكِينًا وَّيَتِيمًا وَّأَسِيرًا ﴿٨﴾ إِنَّمَا نُطْعِمُكُمْ

---

ناشڪر گذار ڪافر يعني يا ته اُن ئي رستي تي هلي ته ايمان وارو ٿئي. ڪي ته انهيءَ رستي تي نه هلي ڪافر ٿئي. اڳتي ٻنهي جو بيان ٿو ڪري ته ٻنهي جي ڪهڙي جزا ۽ سزا ٿيندي. اِنَّآ اَعْتَدْنَا لِلْكٰفِرِيْنَ سَلٰسِلَا۟ وَاَغْلٰلًا وَّسَعِيْرًا اسان تيار ڪري رکيا آهن ڪافرن لاءِ زنجير ۽ طوق ۽ ٻرندڙ باهه. اِنَّ الْاَبْرَارَ يَشْرَبُوْنَ مِنْ كَاْسٍ كَانَ مِزَاجُهَا كَافُوْرًا بيشڪ نيڪوڪار پيئندا اهڙي شراب طهور جا پيالا جنهن ۾ شراب طهور سان ملايل هوندو ڪافور. ڪافور جنت جو هڪ چشمو آهي جنهن جو پاڻي ڪافور وانگر ٿڌو ۽ خوشبودار هوندو. ان چشمي جو نالو آهي ڪافور، الله تعاليٰ جا خاص مقرب ٻانها ان مان پيئندا. ڪافور جو پاڻي خوشبو ۽ فرحت افزا ۽ سفيد هوندو. ڪافور جي مناسبت سان ان جو نالو ڪافور آهي. عَيْنًا يَّشْرَبُ بِهَا عِبَادُ اللّٰهِ يُفَجِّرُوْنَهَا تَفْجِيْرًا اهو چشمو جنهن مان الله تعاليٰ جا خاص ٻانها پيئندا. اهي ان کي جتي چاهيندا اتي وهائي کڻي ويندا. جنتي جتي به هوندا اتي اهو چشمو سندن تابع هوندو. اشاري سان جيڏانهن به چاهيندا اوڏانهن وهندو. درمنثور ۾ روايت آهي ته جنتين جي هٿن ۾ سون جون لٺيون هونديون، انهن سان جيڏانهن اشارو ڪندا، اوڏانهن اهو چشمو وهندو. يُوْفُوْنَ بِالنَّذْرِ وَيَخَافُوْنَ يَوْمًا كَانَ شَرُّهٗ مُسْتَطِيْرًا اُهي عباد الله (خدا جا ٻانها) اهي آهن جيڪي پورا ڪن ٿا واجبات يعني نذر نياز جيڪي پاڻ تي لازم ڪن ٿا. جڏهن اهي پاڻ تي لازم ڪيل شيون پوريون ڪن ٿا ته جيڪي شيون الله تعاليٰ پاڻ تي واجب ڪيون آهن انهن کي ته ڪيئن نه پورو ڪندا. واجبات رباني کي بڪمال اخلاص پورو ڪن ٿا ۽ ان ڏينهن کان ڊڄن ٿا جنهن جي سختي عام هوندي، سواءِ انهن جي جن کي الله بچائي. وَيُطْعِمُوْنَ الطَّعَامَ عَلٰى حُبِّهٖ مِسْكِيْنًا وَّيَتِيْمًا وَّاَسِيْرًا اهي

لِوَجْهِ اللّٰهِ لَا نُرِيْدُ مِنْكُمْ جَزَآءً وَّلَا شُكُوْرًا ﴿٩﴾ اِنَّا نَخَافُ مِنْ
رَّبِّنَا يَوْمًا عَبُوْسًا قَمْطَرِيْرًا ﴿١٠﴾ فَوَقٰىهُمُ اللّٰهُ شَرَّ ذٰلِكَ الْيَوْمِ وَ
لَقّٰىهُمْ نَضْرَةً وَّسُرُوْرًا ﴿١١﴾ وَجَزٰىهُمْ بِمَا صَبَرُوْا جَنَّةً وَّحَرِيْرًا ﴿١٢﴾
مُّتَّكِـِٕيْنَ فِيْهَا عَلَى الْاَرَآئِكِ لَا يَرَوْنَ فِيْهَا شَمْسًا وَّلَا
زَمْهَرِيْرًا ﴿١٣﴾ وَدَانِيَةً عَلَيْهِمْ ظِلٰلُهَا وَذُلِّلَتْ قُطُوْفُهَا تَذْلِيْلًا ﴿١٤﴾

---

پروردگاره سند بنده گے تسے یم تهنده محبتہ پنون تیار کرمت غذاچھ کھیاوان مسکین یتیمن تہ قیدین۔ قید اگر مظلوم آسہ تمسند مستحق آسُن چھو ظاہرے۔ ہرگہ ظالم تہ آسہ سو کھیاون تہ چھو سخت حاجتہ وزہ جانے۔ طعام کھیاوان کھیاوان چھہ تم زیوہ سیت ونان تمن اِنَّمَا نُطْعِمُكُمْ لِوَجْهِ اللّٰهِ لَا نُرِيْدُ مِنْكُمْ جَزَآءً وَّلَا شُكُوْرًا اَسِ چھ توہ کھیاوان یہ طعام محض خدایہ سندہ رضامندی خیطرہ اَسِ چھنہ توہ نشہ امیوک عوض تہ بدلہ یژھان نہ چھہ زیوہ سیت امیوک شکرو سپاس تہ تعریف و ثناخوانی یژھان ایس چھو توہ محض خدایہ سنزہ رضامندی خاطرہ یمہ مؤکھ کھیاوان اِنَّا نَخَافُ مِنْ رَّبِّنَا يَوْمًا عَبُوْسًا قَمْطَرِيْرًا اَسِ چھہ پنہ نِس پروردگارہ سندس تتھ دوہس کھوژان یُس بُو تھ ژکرت تہ سیٹھاہ سخت آسہ امید چھہ تہاوان کہ مخلصانہ عملن ہندہ برکتہ تہاوہ سواسہ تمہ دوہہ چہ سختی تہ تلخی نشہ محفوظ۔ امہ اندرسپد معلوم کہ آخرتکہ خوفہ سببہ کانہہ کامہ کرنِ چھونہ خلاف اخلاص فَوَقٰىهُمُ اللّٰهُ شَرَّ ذٰلِكَ الْيَوْمِ وَلَقّٰىهُمْ نَضْرَةً وَّسُرُوْرًا پس رچھ تمن اللہ تعالیٰ اطاعت واخلاصہ کہ برکتہ تمہ دوہچہ پرت سختی نشہ بیہ کرکھ بوتھین ہنز تازہ گی تہ دلن ہنز خوشی عطا۔ یعنی بوتھیوک نور تہ دلک سُرور وَجَزٰىهُمْ بِمَا صَبَرُوْا جَنَّةً وَّحَرِيْرًا بیہ دیہ تمن تہند اللہ تعالیٰ صبر و استقامتہ بدل جنت تہ جنتک پاٹیو جامہ مُّتَّكِـِٕيْنَ فِيْهَا عَلَى الْاَرَآئِكِ یتھہ حالس منز کہ تم آسن تمن جنتن منز یاد شہن ہند پاٹھہ لعل و جواہرو سیت جر متن تختن پٹھہ عزت و آرامہ سان بہت لَا يَرَوْنَ فِيْهَا شَمْسًا وَّلَا زَمْهَرِيْرًا نہ لبن تتہ آفتابچ تپش تہ گرمی۔ نہ لبن تیر تہ سردی بلکہ آسہ تتہِ خوشگوار موسم۔ گاش آسہ تتہِ عرشِ مجیدک نور۔ وَدَانِيَةً عَلَيْهِمْ ظِلٰلُهَا

وَيُطَافُ عَلَيْهِمْ بِاٰنِيَةٍ مِّنْ فِضَّةٍ وَّاَكْوَابٍ كَانَتْ قَوَارِيْرَاۡ ﴿١٥﴾ لا
قَوَارِيْرَاۡ مِنْ فِضَّةٍ قَدَّرُوْهَا تَقْدِيْرًا ﴿١٦﴾ وَيُسْقَوْنَ فِيْهَا كَاْسًا
كَانَ مِزَاجُهَا زَنْجَبِيْلًا ﴿١٧﴾ عَيْنًا فِيْهَا تُسَمّٰى سَلْسَبِيْلًا ﴿١٨﴾ وَيَطُوْفُ
عَلَيْهِمْ وِلْدَانٌ مُّخَلَّدُوْنَ ۚ اِذَا رَاَيْتَهُمْ حَسِبْتَهُمْ لُؤْلُؤًا
مَّنْثُوْرًا ﴿١٩﴾ وَاِذَا رَاَيْتَ ثَمَّ رَاَيْتَ نَعِيْمًا وَّمُلْكًا كَبِيْرًا ﴿٢٠﴾

---

جنت کین کلین هوند خوشگوار سایه آسه تمن نکه تل وَذُلِّلَتْ قُطُوْفُهَا تَذْلِيْلًا نمراونه آسه آمت تمن کلین هیوند میوه تیوت که تکلیف و مشقت ورای آسن تم سو میوه استعمال کرت پرت حالس اندر ودنه نه بهت نه شونگت نه۔ سو آسه تمن تابع تهاونه آمت یتھ پاڅھ خوش آسکھ کران تتھ پاڅھ آسن کھوان وَيُطَافُ عَلَيْهِمْ بِاٰنِيَةٍ مِّنْ فِضَّةٍ وَّاَكْوَابٍ كَانَتْ قَوَارِيْرَاۡ * قَوَارِيْرَاۡ مِنْ فِضَّةٍ بیه ین تمن نشه کھنه چنک چیز پیش کرنه روپه سندین بانن نه روپه سندین ژکدار ابخورن منز یم روپھ ہی آسن سفید شیشه ہی آسن شفاف نه صاف۔ روپھ سند آسته آسن شیشه ہی شیشو آسته آسن روپھ ہی قَدَّرُوْهَا تَقْدِيْرًا یمن آبخورن منز پھرن وال اکه خاص انداز موجب پھران آسن نه یتھ کن جنتین خواہش گڑھان آسه وَيُسْقَوْنَ فِيْهَا كَاْسًا كَانَ مِزَاجُهَا زَنْجَبِيْلًا بیه ین جنتی تمن جنتن اندر تمه شرابه علاو یتھ کافور ملناونه آسه آمت بیه نه بیاکھ قسم شرابک چاونه، یتھ منز شونٹھ هیوند ذائقه نه مزه لبنه یوان آسه۔ عَيْنًا فِيْهَا تُسَمّٰى سَلْسَبِيْلًا امه قسمکه شرابک نه آسه اکھ چشمه یتھ نتھ ونه نه آسه یوان سلسبیل وَيَطُوْفُ عَلَيْهِمْ وِلْدَانٌ مُّخَلَّدُوْنَ بیه آسن تمن برونٹھکن چیز هیت یوان گڑھان تم خوب صورت لوکٹ بچه یم تمه قسمه حسین و جمیل آسن که اِذَا رَاَيْتَهُمْ حَسِبْتَهُمْ لُؤْلُؤًا مَّنْثُوْرًا یله ژه ای مخاطب تم وچھهک اوره یور کران ژه کرکھ گمانه یم ماچھ چھکرنه آمت محته پھل تتھ آسن تم ننده بان وَاِذَا رَاَيْتَ ثَمَّ رَاَيْتَ نَعِيْمًا وَّمُلْكًا كَبِيْرًا ای مخاطب جنتک حال کیاه آیه ونه، سو سپدی ژه تیله معلوم یله ژه پانه وچھک۔ وچھک ژه کمه کمه عظیم الشان نعمژ بیه سٹھاه بڈ سلطنت یوسه ادنیٰ جنتیس عطائیه

عٰلِيَهُمْ ثِيَابُ سُنْدُسٍ خُضْرٌ وَّاِسْتَبْرَقٌ ۫ وَّحُلُّوْۤا اَسَاوِرَ
مِنْ فِضَّةٍ ۚ وَسَقٰىهُمْ رَبُّهُمْ شَرَابًا طَهُوْرًا ﴿۲۱﴾ اِنَّ هٰذَا كَانَ
لَكُمْ جَزَآءً وَّكَانَ سَعْيُكُمْ مَّشْكُوْرًا ﴿۲۲﴾ اِنَّا نَحْنُ نَزَّلْنَا عَلَيْكَ
الْقُرْاٰنَ تَنْزِيْلًا ﴿۲۳﴾ فَاصْبِرْ لِحُكْمِ رَبِّكَ وَلَا تُطِعْ مِنْهُمْ اٰثِمًا
اَوْ كَفُوْرًا ﴿۲۴﴾ وَاذْكُرِ اسْمَ رَبِّكَ بُكْرَةً وَّاَصِيْلًا ﴿۲۵﴾ وَمِنَ الَّيْلِ

---

کرنہ سوگیہ کہن دنیاءن برابر عٰلِيَهُمْ ثِيَابُ سُنْدُسٍ خُضْرٌ وَّاِسْتَبْرَقٌ پٹھیوم پوشاکھ تھوند آسہ زایول سبز پوٹ تہ سُوت وونموت وَّحُلُّوْۤا اَسَاوِرَ مِنْ فِضَّةٍ بیہ ین لاگنہ جنتین روپہ سند کریمن کرن ہیوند حُسن وخوبی بیانے ہکہ نہ کانہہ کرت وَسَقٰىهُمْ رَبُّهُمْ شَرَابًا طَهُوْرًا بیہ چاوہ تمن پنون پروردگارہ پاک وپاکیزہ شراب یُس نہ دنیاءک شراب پاٹھ عقل زائل کرہ ون آسہ یا بدبودار آسہ بلکہ آسہ سو معطر تہ مُشک دار، حدیث شریفس منز چھو آمت یس دنیاءکہ شرابک اکھ قطرہ چیہ سو سپدہ محروم آخرتس اندر جنتہ کہ شراب طہورہ نشہ اِنَّ هٰذَا كَانَ لَكُمْ جَزَآءً وَّكَانَ سَعْيُكُمْ مَّشْكُوْرًا وننہ ایک بے شک ای جنتیو یہ چھ توہندہ خیطرہ توہنزن عملن ہنز مزور، توہنز کوشش تہ جدوجہد چھو قابل قبول تہ قابل تعریف یہ بوزت گژھن جنتی زیادہ خوش۔ ای پیغمبر توہ بوزوہ کہ توہندین موافقن کوسہ رژ مزور آیہ عطا کرنہ تھوند مخالفن کوہ سزاء ایہ دِنہ لہذا مہ کریو توہ تہنزہ مخالفتک کانہ پرواہ۔ توہ روز یو مشغول پنہ نین کامین سیت اِنَّا نَحْنُ نَزَّلْنَا عَلَيْكَ الْقُرْاٰنَ تَنْزِيْلًا بے شک اسہ کر نازل توہ یہ قرآن مجید وارہ وارہ ہنہ ہنہ یُتھ توہِ تہ واتناویو لوکن وارہ وارہ تہ ہنہ ہنہ یمہ سیت تمن آسانی سپدہ وارہ وارہ زانن تم پنون نیک وبد۔ بیہ تکیتھ زانن کمو رژو عملو سیت چھو حاصل یوان کرنہ رضای خداہر گہ یتھ پاٹھ فکرہ تارنہ سیت تہ تم مانن نہ پنہ نسی اِنکارس پٹھ روزن قائم فَاصْبِرْ لِحُكْمِ رَبِّكَ وَلَا تُطِعْ مِنْهُمْ اٰثِمًا اَوْ كَفُوْرًا توہ روزیو پنہ نس پروردگارہ سندس حُکمس پٹھ مضبوط تہ محکم بیہ پیاریو تہندس آخری فیصلس۔ توہ روزیو بدستور تبلیغ ودعوت کران احکام الٰہی لوکن واتناوان اتھ اندر مہ مانیو

فَاسْجُدْ لَهٗ وَسَبِّحْهُ لَيْلًا طَوِيْلًا ﴿٢٦﴾ اِنَّ هٰٓؤُلَآءِ يُحِبُّوْنَ
الْعَاجِلَةَ وَيَذَرُوْنَ وَرَآءَهُمْ يَوْمًا ثَقِيْلًا ﴿٢٧﴾ نَحْنُ خَلَقْنٰهُمْ
وَشَدَدْنَآ اَسْرَهُمْ ۚ وَاِذَا شِئْنَا بَدَّلْنَآ اَمْثَالَهُمْ تَبْدِيْلًا ﴿٢٨﴾
اِنَّ هٰذِهٖ تَذْكِرَةٌ ۚ فَمَنْ شَآءَ اتَّخَذَ اِلٰى رَبِّهٖ سَبِيْلًا ﴿٢٩﴾ وَمَا
تَشَآءُوْنَ اِلَّآ اَنْ يَّشَآءَ اللّٰهُ ۭ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلِيْمًا حَكِيْمًا ﴿٣٠﴾ ۙ

---

توہ کانسہ فاسقہ سنزیا کافرہ سنز کا نہہ کتھاہ۔ کافرو اندرہ عتبہ تہ ولید وغیرہ آس نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم دنیوی لالچ دتھ تبلیغ ودعوتہ نشہ پتھ رٹان اللہ تعالیٰ ان فرموو کہ یمو منزہ یوتھ نہ توہ کانسہ ہنز کتھ مانیو۔ یہ تبلیغ ودعوت گیہ سو عبادت یمیوک فیض بین واتان چھوا مہ پتہ چھو اللہ تعالیٰ تمہ عبادتک حکم فرماوان یمیوک فائدہ خاص پنہٕ نس ذاتس چھو وَاذْكُرِ اسْمَ رَبِّكَ بُكْرَةً وَّاَصِيْلًا یہ آسیو پنہٕ نس پروردگارہ سُند نام پاک یاد کران صبحس تہ شامس وَمِنَ الَّيْلِ فَاسْجُدْ لَهٗ وَسَبِّحْهُ لَيْلًا طَوِيْلًا یہ آسیو راژ ہندس کُنہ حصس منز تس سجدہ دوان امہ اندرہ چھو مراد شام نماز تہ خفتن نماز۔ یہ آسیو تہنز پاکی بیان کران شبہ کس زیٹھس حصس منز۔ تمہ اندر چھو مراد نماز تہجد و اللہ اعلم اِنَّ هٰٓؤُلَآءِ يُحِبُّوْنَ الْعَاجِلَةَ وَيَذَرُوْنَ وَرَآءَهُمْ يَوْمًا ثَقِيْلًا بے شک یم تہند دشمن یم نہ تہنز نصیحت تہ ہدایت قبول چھ کران یم چھ دنیاہک محبت تھاوان تمی چھک نہ اتھ وتھ یوان تہوند حکم مانہ نس گن دنیاہک محبتن چھ تم ان تہ زر کرمت۔ یہ چھ تم پتھکن تراوان سو دوہ یُس گوب یینے سٹھا مشکل تہ خطرناک چھ۔ بلکہ چھو یم تتھ دوہس اِنکاری کران۔ یم چھ زانان کہ قبرہ ہنزہ مژہ منز روزت کوہ کرہ اسہ یہ پیدہ اللہ تعالیٰ چھک تتھ جواب فرماوان کہ نَحْنُ خَلَقْنٰهُمْ وَشَدَدْنَآ اَسْرَهُمْ اسی کر تم گوڈہ پیدہ اسی کر تہند بند تہ استخوان مضبوط۔ ازتہ چھ اسہ سو قدرت بدستور موجود۔ وَاِذَا شِئْنَا بَدَّلْنَآ اَمْثَالَهُمْ تَبْدِيْلًا اَسِ ہر گاہ یژھو اَسِ ہکو یہنز موجودہ ہستی ختم کرت توپتہ ہکو کٲس تمنے ہی یمو بدل پیدہ کرت اِنَّ هٰذِهٖ تَذْكِرَةٌ بے شک یہ سوروی یہ بیان آو کرنہ یہ چھ اکھ نصیحتاہ زور جبر

# يُّدۡخِلُ مَنۡ يَّشَآءُ فِىۡ رَحۡمَتِهٖ‌ؕ وَالظّٰلِمِيۡنَ اَعَدَّ لَهُمۡ عَذَابًا اَلِيۡمًا ؑ ﴿۳۱﴾

كرنج چهنه ضرورت فَمَنۡ شَآءَ اتَّخَذَ اِلٰى رَبِّهٖ سَبِيۡلًا پس ليں خوش كره يه نصيحت بوزت سوكرن اختيار پنه نس پروردگارس نشه وانتج وتهه يه قرآن مجيد چهو يقيناً درذات خود اكه بڈ نصيحتاه ليكن وَمَا تَشَآءُوۡنَ اِلَّاۤ اَنۡ يَّشَآءَ اللّٰهُ توه هيكيو نه كانه چيز يژهت مگر تى يه الله تعالىٰ يژه بعضے لوكن هنده حقه چهه آسان خدايه سندس نه يژهنس اندر ريجه ريجه حكمژ كيازه اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلِيۡمًا حَكِيۡمًا الله تعالىٰ چهه پانه سيٹهاه زانن وول سٹهاه حكمة وول يُّدۡخِلُ مَنۡ يَّشَآءُ فِىۡ رَحۡمَتِهٖ سوليں يژهان چهوتس چهو بيشك سٹهاه رحمس منز واتناوان۔ ليں يژهان چهوتس چهو شرک وكفرس مُبتلا كران شرک انه موكه چهه تم ظالم بنان وَالظّٰلِمِيۡنَ اَعَدَّ لَهُمۡ عَذَابًا اَلِيۡمًا ظالمن هنده خيطره چهو تم تيار تهاومت دگ نه دوودتله ون عذاب۔



# سُوْرَةُ الْمُرْسَلٰتِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
وَالْمُرْسَلٰتِ عُرْفًا ﴿١﴾ فَالْعٰصِفٰتِ عَصْفًا ﴿٢﴾ وَّالنّٰشِرٰتِ
نَشْرًا ﴿٣﴾ فَالْفٰرِقٰتِ فَرْقًا ﴿٤﴾ فَالْمُلْقِيٰتِ ذِكْرًا ﴿٥﴾ عُذْرًا اَوْ
نُذْرًا ﴿٦﴾ اِنَّمَا تُوْعَدُوْنَ لَوَاقِعٌ ﴿٧﴾ فَاِذَا النُّجُوْمُ طُمِسَتْ ﴿٨﴾ وَ
اِذَا السَّمَآءُ فُرِجَتْ ﴿٩﴾ وَاِذَا الْجِبَالُ نُسِفَتْ ﴿١٠﴾ وَاِذَا الرُّسُلُ
اُقِّتَتْ ﴿١١﴾ لِاَيِّ يَوْمٍ اُجِّلَتْ ﴿١٢﴾ لِيَوْمِ الْفَصْلِ ﴿١٣﴾ وَمَآ اَدْرٰكَ

---

وَالْمُرْسَلٰتِ عُرْفًا قسم چھو تمن ہواعن ہیو ندیم نفع تہ فائدہ واتناونہ خیطرہ تراونہ چھو یوان فَالْعٰصِفٰتِ عَصْفًا توپتہ چھو قسم تمن ہواعن ہیو ندیم تیزی سان پکان چھو یمن اندر خطرک احتمال چھو آسان وَّالنّٰشِرٰتِ نَشْرًا توپتہ چھو قسم تمن ہواعن ہیو ندیم ابرن تلتِ چھو تمن مڑراوان، یمہ پتہ ادہ رود چھو ہیوان پیون فَالْفٰرِقٰتِ فَرْقًا توپتہ چھو قسم تمن ابرن ہو ندیم ابرس چھ چھلہ کران، یوسہ صورت ابرس رود پنہ پتہ چھہ سپدان فَالْمُلْقِيٰتِ ذِكْرًا توپتہ چھو قسم تمن ابرن ہو ندیم خدایہ سندیاد دلن منز تراوان چھہ۔ یا خدایہ سند خوف پیدہ کران چھ عُذْرًا اَوْ نُذْرًا توبگ خیال یاد خدایہ سند خوف دلس منز پیدہ کران چھہ۔ امہ پتہ چھو جواب قسم سوگو اِنَّمَا تُوْعَدُوْنَ لَوَاقِعٌ یمہ چیزک توہ وعدہ کرنہ یوان چھو سو چیز چھو ضرور واقع سپدہ ون یعنی قیامتک دوہ فَاِذَا النُّجُوْمُ طُمِسَتْ پس یلہ ستارہ گٹ تہ بے نور سپدن وَاِذَا السَّمَآءُ فُرِجَتْ بیہ یلہ آسمانس دولِ گژھن وَاِذَا الْجِبَالُ نُسِفَتْ بیہ یلہ کوہ ین وڑہ ناونہ وَاِذَا الرُّسُلُ اُقِّتَتْ بیہ ساری پیغمبر مقرر کرتس وقتس پتھ پننٮ پننٮ امتی ہیت پیش ین کرنہ لِاَيِّ يَوْمٍ اُجِّلَتْ توہ چھا کینہہ معلوم کہ کمہ

مَا يَوْمُ الْفَصْلِ ﴿١٤﴾ وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ﴿١٥﴾ اَلَمْ
نُهْلِكِ الْاَوَّلِيْنَ ﴿١٦﴾ ثُمَّ نُتْبِعُهُمُ الْاٰخِرِيْنَ ﴿١٧﴾ كَذٰلِكَ
نَفْعَلُ بِالْمُجْرِمِيْنَ ﴿١٨﴾ وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ﴿١٩﴾ اَلَمْ
نَخْلُقْكُّمْ مِّنْ مَّآءٍ مَّهِيْنٍ ﴿٢٠﴾ فَجَعَلْنٰهُ فِيْ قَرَارٍ مَّكِيْنٍ ﴿٢١﴾
اِلٰى قَدَرٍ مَّعْلُوْمٍ ﴿٢٢﴾ فَقَدَرْنَا ۖ فَنِعْمَ الْقٰدِرُوْنَ ﴿٢٣﴾ وَيْلٌ

---

ڏهه خيطره اوس پيغمبرن هيوند معامله ملتوي آمت تهاونه لِيَوْمِ الْفَصْلِ سو معامله اوس ملتوي تهاونه آمت فيصله ڪه ڏهه خيطره وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا يَوْمُ الْفَصْلِ توهِ ڇها معلوم ڪه فيصلڪ ڏهه ڪيو تهه ڇهو. سو ڇهو سيٺهاه سخت مشڪل ته خطرناڪ وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ سخت تباهي ته مصيبتڪ ڏهه ڇهو قياٿس اپڙ زانه وڻين هنده خيطره منڪرين قيامت ڇهه خيال ڪران ڪه يه ڪٿهه پاڻهه بنه ڪه ساري لوڪه ڪيا مرن ڳهنے انسان روزنه دنياءس اندر موجود تميوڪ جواب ڇهو الله تعالىٰ فرماوان ڪه اَلَمْ نُهْلِكِ الْاَوَّلِيْنَ * ثُمَّ نُتْبِعُهُمُ الْاٰخِرِيْنَ ڪيا اسهِ گالِ ناعذابه سيت برو نٿهم لوڪه يم ڪفر وِانڪار ڪران آس. توپته تهاوڪه اس تمن تابع پته اُوه ون ته يم تهندي پاڻهه ڪفر وِانڪار ڪرن يوسه هستي الگ الگ وقٿس اندر بڏين بڏين مضبوط ته طاقتور انسانن ختم ڪيه ڪرت سو هستي هيڪنا سارني نافرمانن اڪي وقته رٿهه ته گرفتار ڪرتهه تمن عذابڪ مزه ژهناوتهه كَذٰلِكَ نَفْعَلُ بِالْمُجْرِمِيْنَ ٿھے پاڻهه ڇهه اس نافرمانن ته مُجرمين سزا دِوان وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ افسوس ته تباهي ڇهه تمه ڏوهه قياٿس اپڙ زانه وڻين هنده خيطره اَلَمْ نَخْلُقْكُّمْ مِّنْ مَّآءٍ مَّهِيْنٍ ڪيا اسه ڪروه ناتوه پيده اڪه بے قدر آبه قطره نشه فَجَعَلْنٰهُ فِيْ قَرَارٍ مَّكِيْنٍ * اِلٰى قَدَرٍ مَّعْلُوْمٍ توپته تهاوسو آبه قطره اڪس محفوظ جايه اندر، يعني ماجه هندس رَحمس اندر اڪس مقرر وقٿس تان يعني نون رتين تان فَقَدَرْنَا فَنِعْمَ الْقٰدِرُوْنَ اسه ڪريمن سارني تصرفاتن هيوند اڪه خاص اندازه پٿس ڪيو تهه رت اندازه ڪرهِ ون ڇهِ اس تُريه فڪره ژيه سين قدرت وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ووِن يم لوڪه پڙن ڪٿهن اپزه زانتهِ انڪار ڪرن تهنده خيطره

يَّوْمَىِٕذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ﴿٢٤﴾ اَلَمْ نَجْعَلِ الْاَرْضَ كِفَاتًا ﴿٢٥﴾
اَحْيَآءً وَّ اَمْوَاتًا ﴿٢٦﴾ وَّجَعَلْنَا فِيْهَا رَوَاسِيَ شٰمِخٰتٍ وَّ
اَسْقَيْنٰكُمْ مَّآءً فُرَاتًا ﴿٢٧﴾ وَيْلٌ يَّوْمَىِٕذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ﴿٢٨﴾
اِنْطَلِقُوْٓا اِلٰى مَا كُنْتُمْ بِهٖ تُكَذِّبُوْنَ ﴿٢٩﴾ اِنْطَلِقُوْٓا اِلٰى ظِلٍّ
ذِيْ ثَلٰثِ شُعَبٍ ﴿٣٠﴾ لَّا ظَلِيْلٍ وَّلَا يُغْنِيْ مِنَ اللَّهَبِ ﴿٣١﴾
اِنَّهَا تَرْمِيْ بِشَرَرٍ كَالْقَصْرِ ﴿٣٢﴾ كَاَنَّهٗ جِمٰلَتٌ صُفْرٌ ﴿٣٣﴾ وَيْلٌ
يَّوْمَىِٕذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ﴿٣٤﴾ هٰذَا يَوْمُ لَا يَنْطِقُوْنَ ﴿٣٥﴾ وَلَا

---

چه افسوس ته تباهي قيامتک دوه اَلَمْ نَجْعَلِ الْاَرْضَ كِفَاتًا * اَحْيَآءً وَّ اَمْوَاتًا کیا اسه کرنا یه زمین پاتس منز زندن ته مُردن جمع کره ون که زندگی ته چه ساری اِتھ زمینس پٹھ بسر کران ته مرنه پته ته چه آسی مژه منز وانتاون امہ منزه ددباره پیده کرن کیاه مشکل چھواسه نشہ وَّجَعَلْنَا فِيْهَا رَوَاسِيَ شٰمِخٰتٍ وَّ اَسْقَيْنٰكُمْ مَّآءً فُرَاتًا بیہ کرناوا سه اتھ زمینس پٹھ تھدبال گبراونه خیطره بیه چاوونا سه توه میوٹھ آب وَيْلٌ يَّوْمَىِٕذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ویل ته افسوس بوین تمہ دوہہ منکرن اِنْطَلِقُوْٓا اِلٰى مَا كُنْتُمْ بِهٖ تُكَذِّبُوْنَ ونه ایہ تمن منکرن قیامت دوہہ توه پکیو تتھ عذابس کن یتھ توہہ انکار کران آسوه اِنْطَلِقُوْٓا اِلٰى ظِلٍّ ذِيْ ثَلٰثِ شُعَبٍ توپکیو تره شاخل سائس کن لَّا ظَلِيْلٍ وَّلَا يُغْنِيْ مِنَ اللَّهَبِ لیس نه ٹھور کره ون آسه آفتابچه گرمی نشه نه جہنمکه طپشه نشه بیه آسنه فائده دوان بچاوک جہنمہ چونارہ رہیونشہ اِنَّهَا تَرْمِيْ بِشَرَرٍ كَالْقَصْرِ بے شک جہنم آسه تراوان تمبر ه تھزن لرن سومبه كَاَنَّهٗ جِمٰلَتٌ صُفْرٌ زن تمہ تمبره بون پنه که وقت زرد ووٹن سومبه آسن کھسنه وزه آسن تمہ تمبره لرین سومبه وسنه وزه آسن ووٹن سومبه وَيْلٌ يَّوْمَىِٕذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ویل ته افسوس بوین تمہ دوہہ انکار کره وُنین هٰذَا يَوْمُ لَا يَنْطِقُوْنَ یه گو سو دوه یمہ دوه نه تم کتھ ہیکن کرت وَلَا يُؤْذَنُ لَهُمْ

يُؤْذَنُ لَهُمْ فَيَعْتَذِرُوْنَ ﴿٣٦﴾ وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ﴿٣٧﴾
هٰذَا يَوْمُ الْفَصْلِ ۚ جَمَعْنٰكُمْ وَالْاَوَّلِيْنَ ﴿٣٨﴾ فَاِنْ كَانَ لَكُمْ
كَيْدٌ فَكِيْدُوْنِ ﴿٣٩﴾ وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ﴿٤٠﴾ ع اِنَّ
الْمُتَّقِيْنَ فِيْ ظِلٰلٍ وَّعُيُوْنٍ ﴿٤١﴾ وَّفَوَاكِهَ مِمَّا يَشْتَهُوْنَ ﴿٤٢﴾ ط
كُلُوْا وَاشْرَبُوْا هَنِيْٓئًا بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿٤٣﴾ اِنَّا كَذٰلِكَ
نَجْزِي الْمُحْسِنِيْنَ ﴿٤٤﴾ وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ﴿٤٥﴾ كُلُوْا

---

فَيَعْتَذِرُوْنَ بیہ نہ اِیہ تمن کتھ کرہ نک اجازت دنہ یوتھ عذر خواہی کرہن۔ کیازہ زارہ پارہ تہ توبہ قبول سپدنک وقت آسہ گذریمت وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ افسوس تہ ویل بوین تمہ دوہ انکار کرہ وٕنین هٰذَا يَوْمُ الْفَصْلِ جَمَعْنٰكُمْ وَالْاَوَّلِيْنَ * فَاِنْ كَانَ لَكُمْ كَيْدٌ فَكِيْدُوْنِ یہ ازیوک دوہ چھو فیصلک دوہ یتھ توہِ انکار کران آسوہ دنیاءس اندر اسہ کروہ توہ ساری اولین آخرین جمع پس ہرگہ توہ کانہہ تدبیرہ چھو اسہ نشہ موکلنک سو تدبیر کریو استعمال توہ ساری اولین تہ آخرین رلت ملت وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ افسوس تہ ویل بوٗین تمہ دوہ اِنکار کرہ وٕنین اِنَّ الْمُتَّقِيْنَ فِيْ ظِلٰلٍ وَّعُيُوْنٍ پتزپاٹھ پرہیزگار آسن تمہ دوہ سایہ باٰنن تل ناگہ رادن پیٹھ وَّفَوَاكِهَ مِمَّا يَشْتَهُوْنَ بیہ تمن قسماقسم میون منز یمن کُن تمن میل خواہش آسہ كُلُوْا وَاشْرَبُوْا هَنِيْٓئًا بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ وننہ اِیک کھیو تہ چیویڈ برتھ کیازہ توٗہ آسوہ نارثہ کامہ کران اِنَّا كَذٰلِكَ نَجْزِي الْمُحْسِنِيْنَ بے شک اس چھ اژھِ مزور دِیوان نیکو کارن وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ افسوس تہ ویل بوٗین تمہ دوہ انکار کرہ وٕنین كُلُوْا وَتَمَتَّعُوْا قَلِيْلًا اِنَّكُمْ مُّجْرِمُوْنَ اے نافرمانو تہ کافرو توہِ کھیو تہ تمتع تلو دنیاءس اندر کم کینہ کالاہ توہ چھو مجرم سزاوار عذاب وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ افسوس تہ ویل بوٗین تمہ دوہہ انکار کرہ وٕنین وَاِذَا قِيْلَ لَهُمُ ارْكَعُوْا لَا يَرْكَعُوْنَ یلہ وننہ یوان چھو تمن

وَتَمَتَّعُوْا قَلِيْلًا اِنَّكُمْ مُّجْرِمُوْنَ ﴿٤٦﴾ وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ
لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ﴿٤٧﴾ وَاِذَا قِيْلَ لَهُمُ ارْكَعُوْا لَا يَرْكَعُوْنَ ﴿٤٨﴾ وَيْلٌ
يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ﴿٤٩﴾ فَبِاَيِّ حَدِيْثٍۢ بَعْدَهٗ يُؤْمِنُوْنَ ﴿٥٠﴾ ع

---

خدا اڳيان نمو يعني نماز پڙهو تہ جهڪن نہ ٿا. وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ افسوس تہ ويل آهي ان ڏينهن تہ ڪوڙ
انڪار ڪرڻ وارن. فَبِاَيِّ حَدِيْثٍۢ بَعْدَهٗ يُؤْمِنُوْنَ پوءِ ڪهڙي ڳالهہ تي يقين ڪندا ان کان پوءِ يعني قرآن مجيد
پٺيان. (آمنا بالله وحده)



## سُوْرَةُ النَّبَإِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
عَمَّ يَتَسَآءَلُوْنَ ۝١ عَنِ النَّبَاِ الْعَظِيْمِ ۝٢ الَّذِیْ هُمْ
فِیْهِ مُخْتَلِفُوْنَ ۝٣ كَلَّا سَيَعْلَمُوْنَ ۝٤ ثُمَّ كَلَّا سَيَعْلَمُوْنَ ۝٥ اَلَمْ
نَجْعَلِ الْاَرْضَ مِهٰدًا ۝٦ وَّالْجِبَالَ اَوْتَادًا ۝٧ وَّخَلَقْنٰكُمْ
اَزْوَاجًا ۝٨ وَّجَعَلْنَا نَوْمَكُمْ سُبَاتًا ۝٩ وَّجَعَلْنَا الَّيْلَ لِبَاسًا ۝١٠

---

نقل ڇھو آمت کرنہ زہ يلہ حضرت نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم نین پاٹھ لوکن دعوت حق کرن هوت قرآن مجید کلامِ خدا بوزناوک لوکھ۔ بیہ کروکھ قیامتھِ دوٚہک بیم۔ کافرلگ تھندس نبوتس منز قرآن مجیدہ کس نازل سپدنس منز۔ قیامتہ کس واقع سپدنس منز تردد تہ اختلاف کرنہ اکھ اکس نشہ یا نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم نشہ یا با ایمانن نشہ لگ پرژھ پرژھ کرنہ چنانچہ اللہ تعالیٰ چھو تمچی ذکر فرماوان عَمَّ يَتَسَآءَلُوْنَ کمہ چیزک چھ یم کافر پرژھان عَنِ النَّبَاِ الْعَظِيْمِ کیاہ بجہ خبرہ ہوند چھا تمِ پرژھان الَّذِیْ هُمْ فِیْهِ مُخْتَلِفُوْنَ یتھ خبرہ منز تمن پانس تہ اختلاف چھو کانہ چھونہ کونہ کتھ پیٹھ ثابت اڈ چھہ ونان نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم شاعر ساحر تہ مجنون قرآن مجیدس چھو ونان اڈ سحر اڈ شعر اڈ کہانت۔ قیامتس تہ چھہ اڈ دپان آسہ مگر معبودان باطل کرن شفاعت تمی سیت موکلو اڈہ چھہ بالکل تتھ منکری اڈین چھو شک تہ تردد تمہ کِس آسنس تہ نہ آسنس منز كَلَّا سَيَعْلَمُوْنَ ہرگز یمن کتھن منز اختلاچ گنجائش چھنہ عنقریب زانن کہ یمہ کتھ چھ پزہ ثُمَّ كَلَّا سَيَعْلَمُوْنَ بیہ چھسک بو فرماوان یہ اختلاف تہ شک لگہ نہ کرن برونٹھ پھن زانن تم اچ پورہ حقیقت اَلَمْ نَجْعَلِ الْاَرْضَ مِهٰدًا کیا اسہ کُر نا زمین وتھرنہ وَّالْجِبَالَ اَوْتَادًا بیہ کرنا آسہ کوہ تہ بال میخہ وَّخَلَقْنٰكُمْ اَزْوَاجًا بیہ کروہ اسہ توہ پیدہ جورہ جورہ یعنے مرد تہ زنانہ وَّجَعَلْنَا نَوْمَكُمْ سُبَاتًا بیہ کر اسہ ندر توہنز تھوندہ آرامک سبب

وَّجَعَلْنَا النَّهَارَ مَعَاشًا ﴿۱۱﴾ وَّبَنَيْنَا فَوْقَكُمْ سَبْعًا شِدَادًا ﴿۱۲﴾ وَّ
جَعَلْنَا سِرَاجًا وَّهَّاجًا ﴿۱۳﴾ وَّاَنْزَلْنَا مِنَ الْمُعْصِرٰتِ مَآءً
ثَجَّاجًا ﴿۱۴﴾ لِّنُخْرِجَ بِهٖ حَبًّا وَّنَبَاتًا ﴿۱۵﴾ وَّجَنّٰتٍ اَلْفَافًا ﴿۱۶﴾ اِنَّ
يَوْمَ الْفَصْلِ كَانَ مِيْقَاتًا ﴿۱۷﴾ يَّوْمَ يُنْفَخُ فِى الصُّوْرِ
فَتَاْتُوْنَ اَفْوَاجًا ﴿۱۸﴾ وَّفُتِحَتِ السَّمَآءُ فَكَانَتْ اَبْوَابًا ﴿۱۹﴾ وَّ
سُيِّرَتِ الْجِبَالُ فَكَانَتْ سَرَابًا ﴿۲۰﴾ اِنَّ جَهَنَّمَ كَانَتْ
مِرْصَادًا ﴿۲۱﴾ لِّلطّٰغِيْنَ مَاٰبًا ﴿۲۲﴾ لّٰبِثِيْنَ فِيْهَآ اَحْقَابًا ﴿۲۳﴾

---

وَّجَعَلْنَا الَّيْلَ لِبَاسًا بیہ کراسہ رات پوشاکھ وَّجَعَلْنَا النَّهَارَ مَعَاشًا بیہ کراسہ دوہ ضروریات زندگی حاصل کرنک وقت وَبَنَيْنَا فَوْقَكُمْ سَبْعًا شِدَادًا بیہ کھار اسہ توہ پیٹھ کُن ست آسمان درِتھ محکم وَّجَعَلْنَا سِرَاجًا وَّهَّاجًا بیہ کراسہ آسمانن اندر ژونگہ پرزلہ ڈن زینکھ گاشہ خیطرہ سوگو آفتاب وَّاَنْزَلْنَا مِنَ الْمُعْصِرٰتِ مَآءً ثَجَّاجًا بیہ تروو اسہ چیرنہ آبیتوا برومنزہ آبہ سیٹھاہ پشپہ ڈن لِّنُخْرِجَ بِهٖ حَبًّا وَّنَبَاتًا یوتھ کڈواس تمہ سیت غلہ بیہ گاسہ وَّجَنّٰتٍ اَلْفَافًا بیہ گھنِ باغ یم گلیو سیت برت آسن یمن چیزن اندر چھہ دنیاہس منز توہ سارنی انسانن شرکت مگر آخرتس یہ حال روزانہ یتہ آسن ساری الگ الگ اِنَّ يَوْمَ الْفَصْلِ كَانَ مِيْقَاتًا بے شک فیصلک دوہ چھو مقرر کرنہ آمت يَّوْمَ يُنْفَخُ فِى الصُّوْرِ فَتَاْتُوْنَ اَفْوَاجًا یمہ دوہ پھوکھ ایہ دنہ پوغس منز تو پتہ ہیو توہ یون فوجو فوجو وَّفُتِحَتِ السَّمَآءُ فَكَانَتْ اَبْوَابًا بیہ ین مژراونہ آسمان پس بنن تتھ دروازہ وَّسُيِّرَتِ الْجِبَالُ فَكَانَتْ سَرَابًا بیہ ین پکناونہ کوہ پس سپدن تم سیکھ ہی اِنَّ جَهَنَّمَ كَانَتْ مِرْصَادًا بے شک جہنم چھ ژاگہ روزِت تہ اشکار کران سارنی چھوپکن تمہ پیٹھ چنانچہ اللہ تعالٰی چھو فرماوان وَاِنْ مِّنْكُمْ اِلَّا وَارِدُهَا

لَا يَذُوقُونَ فِيهَا بَرْدًا وَّلَا شَرَابًا ﴿٢٤﴾ إِلَّا حَمِيمًا وَّغَسَّاقًا ﴿٢٥﴾
جَزَآءً وِّفَاقًا ﴿٢٦﴾ إِنَّهُمْ كَانُوا لَا يَرْجُونَ حِسَابًا ﴿٢٧﴾
وَّكَذَّبُوا بِاٰيٰتِنَا كِذَّابًا ﴿٢٨﴾ وَكُلَّ شَيْءٍ أَحْصَيْنٰهُ كِتٰبًا ﴿٢٩﴾
فَذُوقُوا فَلَنْ نَّزِيدَكُمْ إِلَّا عَذَابًا ﴿٣٠﴾ إِنَّ لِلْمُتَّقِينَ مَفَازًا ﴿٣١﴾
حَدَآئِقَ وَأَعْنَابًا ﴿٣٢﴾ وَّكَوَاعِبَ أَتْرَابًا ﴿٣٣﴾ وَّكَأْسًا دِهَاقًا ﴿٣٤﴾
لَا يَسْمَعُونَ فِيهَا لَغْوًا وَّلَا كِذّٰبًا ﴿٣٥﴾ جَزَآءً مِّنْ رَّبِّكَ عَطَآءً
حِسَابًا ﴿٣٦﴾ رَّبِّ السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضِ وَمَا بَيْنَهُمَا الرَّحْمٰنِ

---

توه اندره ڇهنه کانهه اکهاه يسنه تتهه پڻهه واته لِلطّٰغِينَ مَاٰبًا سوی جهنم ڇهو سرکش هنده واته نج جای لّٰبِثِينَ فِيهَآ أَحْقَابًا روزه ون آسن تته منزور هه وادن يعني بے شمار ورين۔ لَا يَذُوقُونَ فِيهَا بَرْدًا وَّلَا شَرَابًا * إِلَّا حَمِيمًا وَّغَسَّاقًا ژهن نه تم تته جهنمس منز کونه قسمک شهجار نه کونه قسمک چنه چيزه مگر چين ربر هؤون بيه دد متين تانن هيوندرس۔ جَزَآءً وِّفَاقًا مزوره ايک دنه عمله موافق إِنَّهُمْ كَانُوا لَا يَرْجُونَ حِسَابًا پزپاٹھ آسنه تم اميد تهاوان حسانچ۔ وَّكَذَّبُوا بِاٰيٰتِنَا كِذَّابًا بيه آس انکار کران ته اپز گنزران سانين آياتن سخت سٹھاه وَكُلَّ شَيْءٍ أَحْصَيْنٰهُ كِتٰبًا بيه ڇهو پرت چيزه تهنزه و عمله اندره لکهت تهاومت گنزراوت فَذُوقُوا فَلَنْ نَّزِيدَكُمْ إِلَّا عَذَابًا وين ژهو مزه پنه نين کامين هيوندپس هرراوونه اس مگر عذاب إِنَّ لِلْمُتَّقِينَ مَفَازًا پزپاٹھ پرهيزگارن کڑهه ڇهه بڈ رسته گاری ته کاميابی حَدَآئِقَ وَأَعْنَابًا باغ ميوو سيت برت بيه دچھ وَّكَوَاعِبَ أَتْرَابًا بيه پھٹه پھٹ کره ونه نوجوان زنانه يمه اکی ونيسه آسن وَّكَأْسًا دِهَاقًا بيه پياله شراب طهوره سيت بر بر۔ لَا يَسْمَعُونَ فِيهَا لَغْوًا وَّلَا كِذّٰبًا بوزن نه تمن جنتن منز بے هوده کتھ بيه نه اپز جَزَآءً مِّنْ رَّبِّكَ عَطَآءً حِسَابًا يه آيه

لَا يَمْلِكُوْنَ مِنْهُ خِطَابًا ﴿٣٧﴾ يَوْمَ يَقُوْمُ الرُّوْحُ وَالْمَلٰٓئِكَةُ
صَفًّا ۚ لَّا يَتَكَلَّمُوْنَ اِلَّا مَنْ اَذِنَ لَهُ الرَّحْمٰنُ وَقَالَ صَوَابًا ﴿٣٨﴾
ذٰلِكَ الْيَوْمُ الْحَقُّ ۚ فَمَنْ شَآءَ اتَّخَذَ اِلٰى رَبِّهٖ مَاٰبًا ﴿٣٩﴾ اِنَّآ
اَنْذَرْنٰكُمْ عَذَابًا قَرِيْبًا ۚ يَّوْمَ يَنْظُرُ الْمَرْءُ مَا قَدَّمَتْ يَدٰهُ
وَيَقُوْلُ الْكٰفِرُ يٰلَيْتَنِيْ كُنْتُ تُرٰبًا ﴿٤٠﴾ ع

---

تمن مزوردنه تهوندس پروردگاره سنده طرفه يارسول الله بخششه پور حسابه موجب رَّبِّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَمَا بَيْنَهُمَا آسمانن ۽ زمين بيه يه تمن منز ڇهو تمه سارکسی پروردگاره سنده طرفه۔ الرَّحْمٰنِ ليس رحمتہ وول ڇهو۔ لَا يَمْلِكُوْنَ مِنْهُ خِطَابًا اختيار آيکهنه لتس نشه کتهہ کره نک يَوْمَ يَقُوْمُ الرُّوْحُ وَالْمَلٰٓئِكَةُ صَفًّا يمہ دوه ساری جان دار روحه والِ بيه ساری ملائک ڈدنه رُوزن صف دت لَا يَتَكَلَّمُوْنَ اِلَّا مَنْ اَذِنَ لَهُ الرَّحْمٰنُ يم ساری هيکن کتهہ کرت مگرکره کتهہ سوی ليس حضرت رحمان اجازت ديه وَقَالَ صَوَابًا بيه ونه کلامه درست ذٰلِكَ الْيَوْمُ الْحَقُّ يه قيامتک دوه ڇهو پوز فَمَنْ شَآءَ اتَّخَذَ اِلٰى رَبِّهٖ مَاٰبًا پس يُس اکهاه يژهہ سوکره پنه نس پروردگارس نشه واتنچ جای ايمانه سيت رژه عمله سيت۔ اِنَّآ اَنْذَرْنٰكُمْ عَذَابًا قَرِيْبًا پژپاٹ اسه کر بيم توه اکه نزديک اِودنهٖ عذابُک يَوْمَ يَنْظُرُ الْمَرْءُ مَا قَدَّمَتْ يَدٰهُ يمہ دوهہ وڇهہ پرسهٖ اکهاه ۃ سوروی يه برو نتهٗکُن سوزمت آسه تهنديوٗا اتهو يعنی يمہ عمله تم کره مژ آسن وَيَقُوْلُ الْكٰفِرُ يٰلَيْتَنِيْ كُنْتُ تُرٰبًا بيه دپه تمه دوهہ کافرکونه اوسس بومژی۔



## سُوۡرَۃُ النّٰزِعٰتِ

بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ ○

وَ النّٰزِعٰتِ غَرۡقًا ۙ﴿۱﴾ وَّ النّٰشِطٰتِ نَشۡطًا ۙ﴿۲﴾ وَّ السّٰبِحٰتِ سَبۡحًا ۙ﴿۳﴾
فَالسّٰبِقٰتِ سَبۡقًا ۙ﴿۴﴾ فَالۡمُدَبِّرٰتِ اَمۡرًا ۘ﴿۵﴾ یَوۡمَ تَرۡجُفُ
الرَّاجِفَۃُ ۙ﴿۶﴾ تَتۡبَعُہَا الرَّادِفَۃُ ؕ﴿۷﴾ قُلُوۡبٌ یَّوۡمَئِذٍ وَّاجِفَۃٌ ۙ﴿۸﴾
اَبۡصَارُہَا خَاشِعَۃٌ ۘ﴿۹﴾ یَقُوۡلُوۡنَ ءَاِنَّا لَمَرۡدُوۡدُوۡنَ فِی الۡحَافِرَۃِ ؕ﴿۱۰﴾
ءَاِذَا کُنَّا عِظَامًا نَّخِرَۃً ؕ﴿۱۱﴾ قَالُوۡا تِلۡکَ اِذًا کَرَّۃٌ خَاسِرَۃٌ ۘ﴿۱۲﴾

---

وَالنّٰزِعٰتِ غَرۡقًا قسم چھو تمن ملائکن ہوندیم کافرن ہیو ندزو کڈان چھ سختی سان وَّالنّٰشِطٰتِ
نَشۡطًا بیہ چھو قسم تمن ملائکن ہیو ندیم با ایمانن ہند روح کڈان چھ نرمی سان گنڈ یلہ تراوان چھ
وَّالسّٰبِحٰتِ سَبۡحًا بیہ تمن ملائکن ہیو ندیم آسمان وز مینس منز پھیران چھ ژھاٹھ وایان فَالسّٰبِقٰتِ
سَبۡقًا بیہ تمن ملائکن ہیو ندیم حکم مان نس منز برونٹھ گژھان چھ فَالۡمُدَبِّرٰتِ اَمۡرًا بیہ تمن ملائکن
ہیو ندیم دنیاء ک انتظام کران چھ سانہ حکمہ۔ جواب قسم چھو حذف کرنہ آمت سو گو لتبعثن توہ ساری
ایو مرنہ پتہ ضرور بیہ زندہ کرنہ یَوۡمَ تَرۡجُفُ الرَّاجِفَۃُ تمی دوہہ یمہ دوہہ الراوِہ تہ ذھنہ وہ سارنی
چیزن الراوہ ون سو گو پوٗغک گوڈنیوک پھوک تَتۡبَعُہَا الرَّادِفَۃُ پتہ اَیہ تتھ پتہ اوہ ون بیاک پھوک
دون پھوکن منز آسہ مدت ژتجہ وری قُلُوۡبٌ یَّوۡمَئِذٍ وَّاجِفَۃٌ واریہن ہند دل آسن تمہ دوہ ٹان
اَبۡصَارُہَا خَاشِعَۃٌ اچھ تہنزہ آسن بون گن نمت یَقُوۡلُوۡنَ ءَاِنَّا لَمَرۡدُوۡدُوۡنَ فِی الۡحَافِرَۃِ یم لوک قیامتس
منکر چھ تم چھہ ونان کیا اس یموہ پوت پھیرت نہ برونٹھمس حالس گن یعنے مرت گژھو بیہ زندہ ءَاِذَا کُنَّا
عِظَامًا نَّخِرَۃً کیا اس سپدوہ بیہ زندہ یلہ سانہ اڈجہ آسن دودر ہمژہ ژھوژہ گیمژہ قَالُوۡا تِلۡکَ اِذًا کَرَّۃٌ

فَاِنَّمَا هِيَ زَجْرَةٌ وَّاحِدَةٌ ﴿۱۳﴾ فَاِذَا هُمْ بِالسَّاهِرَةِ ﴿۱۴﴾ هَلْ اَتٰىكَ
حَدِيْثُ مُوْسٰى ﴿۱۵﴾ اِذْ نَادٰىهُ رَبُّهٗ بِالْوَادِ الْمُقَدَّسِ طُوًى ﴿۱۶﴾
اِذْهَبْ اِلٰى فِرْعَوْنَ اِنَّهٗ طَغٰى ﴿۱۷﴾ فَقُلْ هَلْ لَّكَ اِلٰٓى اَنْ
تَزَكّٰى ﴿۱۸﴾ وَاَهْدِيَكَ اِلٰى رَبِّكَ فَتَخْشٰى ﴿۱۹﴾ فَاَرٰىهُ الْاٰيَةَ
الْكُبْرٰى ﴿۲۰﴾ فَكَذَّبَ وَعَصٰى ﴿۲۱﴾ ثُمَّ اَدْبَرَ يَسْعٰى ﴿۲۲﴾ فَحَشَرَ
فَنَادٰى ﴿۲۳﴾ فَقَالَ اَنَا رَبُّكُمُ الْاَعْلٰى ﴿۲۴﴾ فَاَخَذَهُ اللّٰهُ نَكَالَ

---

خَاسِرَةٌ دپنہ لگ سوزندگی چھہ ادہ پھیرت یُن تاوان تہ نقصان فَاِنَّمَا هِيَ زَجْرَةٌ وَّاحِدَةٌ پس قیامت چھنہ مگر کُنی اکھ سخت کریکھ یوسہ پوغہ منز نیرہ یان سُو کریک گژھہ فَاِذَا هُمْ بِالسَّاهِرَةِ تان پین تم واتھ محشر کس میدانس منز هَلْ اَتٰىكَ حَدِيْثُ مُوْسٰى کیا توہ چھو بوزمت حضرت موسیٰ سند قصہ یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم اِذْ نَادٰىهُ رَبُّهٗ بِالْوَادِ الْمُقَدَّسِ طُوًى یلہ آلو دیوت تس پنن پروردگارن پاک میدانس منز یتھ ناو چھو طوی یُس کوہ طورس نکھلہ چھو اِذْهَبْ اِلٰى فِرْعَوْنَ اِنَّهٗ طَغٰى گژھیو فرعونس نشہِ پیغام ہیتھ کیازہ پزپاٹھ سو چھ حدہ ڈولمت فَقُلْ هَلْ لَّكَ اِلٰٓى اَنْ تَزَكّٰى پس دپیو تس کیاژیہ چھو یہ کانہہ خیالہ پاک گژھنک کفر و شرکہ نشہ۔ وَاَهْدِيَكَ اِلٰى رَبِّكَ فَتَخْشٰى بوہاوے ژہ وتھ پنہ نس پروردگارس کُن پس کھوژک ژہ تس حضرت موسیٰ گو تس نشہ حکم خدا واتناوہس تم مُونگ معجزہ تہ دلیل فَاَرٰىهُ الْاٰيَةَ الْكُبْرٰى پس ہوو حضرت موسیٰ ان تس بوڈ معجزہ سو گو عصاءس اژدھا سپُدن فَكَذَّبَ وَعَصٰى پس اپزگزر فرعونن تھنز رسالت بیہ کرن نافرمانی تھندس حکمس ثُمَّ اَدْبَرَ يَسْعٰى تو پتہ پھیو رپُوت کوشش ہیژن کرن حضرت موسیٰ سندس مخالفس اندر فَحَشَرَ فَنَادٰى تو پتہ سمبراون قوم پنون پس دِژن کریک تمن منز فَقَالَ اَنَا رَبُّكُمُ الْاَعْلٰى پس دپون بوی چھس تھو ند بوڈ پروردگار فَاَخَذَهُ اللّٰهُ نَكَالَ الْاٰخِرَةِ وَالْاُوْلٰى پس کرسُو گرفتار اللہ تعالی ان آخرتہ کہ عذابہ سیت بیہ دنیاکہ عذابہ سیت اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَعِبْرَةً لِّمَنْ يَّخْشٰى پزپاٹھ اتھ منز چھ ہنڈ نصیحت تسندہ

الْاٰخِرَةِ وَالْاُوْلٰى ﴿۲۵﴾ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَعِبْرَةً لِّمَنْ يَّخْشٰى ﴿۲۶﴾ ءَاَنْتُمْ
اَشَدُّ خَلْقًا اَمِ السَّمَآءُ ؕ بَنٰهَا ﴿۲۷﴾ رَفَعَ سَمْكَهَا فَسَوّٰىهَا ﴿۲۸﴾ وَ
اَغْطَشَ لَيْلَهَا وَاَخْرَجَ ضُحٰىهَا ﴿۲۹﴾ وَالْاَرْضَ بَعْدَ ذٰلِكَ
دَحٰىهَا ﴿۳۰﴾ اَخْرَجَ مِنْهَا مَآءَهَا وَمَرْعٰىهَا ﴿۳۱﴾ وَالْجِبَالَ اَرْسٰىهَا ﴿۳۲﴾
مَتَاعًا لَّكُمْ وَلِاَنْعَامِكُمْ ﴿۳۳﴾ فَاِذَا جَآءَتِ الطَّآمَّةُ الْكُبْرٰى ﴿۳۴﴾
يَوْمَ يَتَذَكَّرُ الْاِنْسَانُ مَا سَعٰى ﴿۳۵﴾ وَبُرِّزَتِ الْجَحِيْمُ
لِمَنْ يَّرٰى ﴿۳۶﴾ فَاَمَّا مَنْ طَغٰى ﴿۳۷﴾ وَاٰثَرَ الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا ﴿۳۸﴾

---

خیطرہ ئُس کھوڑہ خدا لیس۔ ءَاَنْتُمْ اَشَدُّ خَلْقًا اَمِ السَّمَآءُ ای قیامتہ کیو منکرو تھوند قیامتک دوہ دوبارہ
بیہ زندہ کرن چھا مشکل کِنہ آسمانگ پیدہ کرن بَنٰهَا یہ بلوت بوڈ آسمان کو راللہ تعالیٰ ان پیدہ رَفَعَ
سَمْكَهَا فَسَوّٰىهَا بلند کرن تھرز تمیوک تو پتہ کُرن سو برابر وَاَغْطَشَ لَيْلَهَا بیہ کرن گٹ رات تچ
وَاَخْرَجَ ضُحٰىهَا نزاون گاش تمیوک دُوہلہ۔ وَالْاَرْضَ بَعْدَ ذٰلِكَ دَحٰىهَا بیہ نزاون زمین تمہ پتہ
اَخْرَجَ مِنْهَا مَآءَهَا وَمَرْعٰىهَا کڈن تمہ زمینہ منز آب تمیوک بیہ نیور تمیوک وَالْجِبَالَ اَرْسٰىهَا بیہ
کرن کوہِ محکم لنگر ہی۔ یہ سوروی کرن پیدہ مَتَاعًا لَّكُمْ وَلِاَنْعَامِكُمْ تُہوندہ نفعہ خطرہ بیہ تہندین
چاروا ین ہندہ فائدہ خیطرہ فَاِذَا جَآءَتِ الطَّآمَّةُ الْكُبْرٰى پس یلہ یِیہ قیامت کُبریٰ يَوْمَ يَتَذَكَّرُ
الْاِنْسَانُ مَا سَعٰى یمہ دوہ انسانس ژیتس پییہ تہ سوروی یہ تم کرمُت آسہ وَبُرِّزَتِ الْجَحِيْمُ لِمَنْ
يَّرٰى بیہ بییہ نبرکڈنہ دوزخ پرت و چھون سندِہ خیطرہ فَاَمَّا مَنْ طَغٰى * وَاٰثَرَ الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا پس یم
اک پزہ نشہ سرکشی کر بیہ قیامتس اِنکار کرت دنیاء چ زندگی اختیار کرمژ آسہ فَاِنَّ الْجَحِيْمَ هِيَ
الْمَاْوٰى بے شک یہ جہنم چھو تہنزی جای وَاَمَّا مَنْ خَافَ مَقَامَ رَبِّهٖ لیکن یُس اکھاہ کھوژہ دنیاء س

فَاِنَّ الْجَحِیْمَ هِیَ الْمَاْوٰیؕ ﴿۳۹﴾ وَ اَمَّا مَنْ خَافَ مَقَامَ رَبِّهٖ وَ
نَهَی النَّفْسَ عَنِ الْهَوٰیۙ ﴿۴۰﴾ فَاِنَّ الْجَنَّةَ هِیَ الْمَاْوٰیؕ ﴿۴۱﴾
یَسْـَٔلُوْنَكَ عَنِ السَّاعَةِ اَیَّانَ مُرْسٰىهَاؕ ﴿۴۲﴾ فِیْمَ اَنْتَ مِنْ ذِكْرٰىهَاؕ ﴿۴۳﴾
اِلٰی رَبِّكَ مُنْتَهٰىهَاؕ ﴿۴۴﴾ اِنَّمَاۤ اَنْتَ مُنْذِرُ مَنْ یَّخْشٰىهَاؕ ﴿۴۵﴾ كَاَنَّهُمْ
یَوْمَ یَرَوْنَهَا لَمْ یَلْبَثُوْۤا اِلَّا عَشِیَّةً اَوْ ضُحٰىهَا ﴿۴۶﴾

---

اندر کہ قیامتک دوہ چھم پنہ نس خدالیس برونٹھ کنہ استادہ سپدن وَنَهَی النَّفْسَ عَنِ الْهَوٰی بیہ رٹن نفس پنون پتھ ییچھ میلونشہ فَاِنَّ الْجَنَّةَ هِیَ الْمَاْوٰی پس جنت چھو تہنزی جای یَسْـَٔلُوْنَكَ عَنِ السَّاعَةِ اَیَّانَ مُرْسٰىهَا پرژھان چھہ مکک کافر توہ قیامتک کہ کر آسہ تمیوک برپاسپدن فِیْمَ اَنْتَ مِنْ ذِكْرٰىهَا توہ کیاہ چھو تمیوک تذکرہ کرن یہ چھنہ توہنز کوم اِلٰی رَبِّكَ مُنْتَهٰىهَا تہوندس پروردگارسی تام چھو تمہ علمک نہایت یعنی سوئی زانہ قیامت کر آسہ اِنَّمَاۤ اَنْتَ مُنْذِرُ مَنْ یَّخْشٰىهَا توہ چھونہ مگر بیم کرہ ون تس ییس تتھ کھوژہ كَاَنَّهُمْ یَوْمَ یَرَوْنَهَا لَمْ یَلْبَثُوْۤا اِلَّا عَشِیَّةً اَوْ ضُحٰىهَا تمن لوکن ییہ بوزنہ تمہ دوہہ یلہ تتھ قیامتس وچھن تم۔ زن تم رودمت آس دنیاءس منز پشنہ پیٹھ شامس تام یا صبحہ پٹھ دوپہرس تام سو ہولناک دوہ وچھنہ سیت مشکھ سوروی۔






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

عَبَسَ وَتَوَلّٰىٓ ۝۱ اَنْ جَآءَهُ الْاَعْمٰى ۝۲ وَمَا يُدْرِيْكَ لَعَلَّهٗ
يَزَّكّٰىٓ ۝۳ اَوْ يَذَّكَّرُ فَتَنْفَعَهُ الذِّكْرٰى ۝۴ اَمَّا مَنِ اسْتَغْنٰى ۝۵
فَاَنْتَ لَهٗ تَصَدّٰى ۝۶ وَمَا عَلَيْكَ اَلَّا يَزَّكّٰى ۝۷ وَاَمَّا مَنْ
جَآءَكَ يَسْعٰى ۝۸ وَهُوَ يَخْشٰى ۝۹ فَاَنْتَ عَنْهُ تَلَهّٰى ۝۱۰ كَلَّآ

---

آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم آس اکہ دوھ مسجد حرامس منز کافرن ہندن زٹھین خصوصی تبلیغ کران اتی آو اکھ نابینا اکھ لیس ناو اوس عبداللہ ابن ام مکتوم تمی ہیوت اکس آیہ کریمس متعلق نبی کریمس پرٛژھن عرض کرن یارسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم مہ باو حض تمہ علمہ منز کینہہ یہ توہ خدائن ہچھناوو یہ آس نہ امس خبر کہ یم چھ وٕنکنس مشغول بین سیت تبلیغ کرنس اندر یہ گونا پسند حضرت رسول کریمس صلی اللہ علیہ وسلم چنانچہ آثار کدورت سپد روی مبارکس پٮ۪ٹھ ظاہر اتی سپد یم آیات کریمہ نازل عَبَسَ وَتَوَلّٰىٓ روی مبارک ژوکراون بیہ پھرون بیس طرفس کن اَنْ جَآءَهُ الْاَعْمٰى اژی کتھ خیطرٕ کہ آو تمن نشہ اکھ یہ معذور اعمی وَمَا يُدْرِيْكَ لَعَلَّهٗ يَزَّكّٰىٓ توہ کوہ چیز زانراوہ کہ توہنز ہ تعلیمہ سیت دیوہ سو درست تہ پاکیزہ سپدٕہا اَوْ يَذَّكَّرُ فَتَنْفَعَهُ الذِّكْرٰى نتہ رٹہ ہا نصیحت تھوند کلام شریف بوزت پس دیہا تس نفع تھوندہ زبان مبارکہ نصیحت بوزن اَمَّا مَنِ اسْتَغْنٰى لیکن یس شخص دین حقہ نشہ بے پروا چھو لاگان فَاَنْتَ لَهٗ تَصَدّٰى توہ چھوتس کن متوجہ سپدان تسنز فکر تھاوان وَمَا عَلَيْكَ اَلَّا يَزَّكّٰى توہہ پٮ۪ٹھ چھونہ کانہہ باز خواست ہرگہ تم پاک سپدن نہ وَاَمَّا مَنْ جَآءَكَ يَسْعٰى * وَهُوَ يَخْشٰى لیکن یس توہ کن دوران دوران چھو بکمال شوق و محبت یوان کھوژان کھوژان عبداللہ ابن ام مکتومہ سند پاٹھ فَاَنْتَ عَنْهُ تَلَهّٰى پس چھوہ توہ تس کن بے اعتنائی کران كَلَّآ اِنَّهَا

إِنَّهَا تَذْكِرَةٌ ﴿١١﴾ فَمَنْ شَاءَ ذَكَرَهُ ﴿١٢﴾ فِي صُحُفٍ مُكَرَّمَةٍ ﴿١٣﴾
مَرْفُوعَةٍ مُطَهَّرَةٍ ﴿١٤﴾ بِأَيْدِي سَفَرَةٍ ﴿١٥﴾ كِرَامٍ بَرَرَةٍ ﴿١٦﴾
قُتِلَ الْإِنْسَانُ مَا أَكْفَرَهُ ﴿١٧﴾ مِنْ أَيِّ شَيْءٍ خَلَقَهُ ﴿١٨﴾
مِنْ نُطْفَةٍ خَلَقَهُ فَقَدَّرَهُ ﴿١٩﴾ ثُمَّ السَّبِيلَ يَسَّرَهُ ﴿٢٠﴾
ثُمَّ أَمَاتَهُ فَأَقْبَرَهُ ﴿٢١﴾ ثُمَّ إِذَا شَاءَ أَنْشَرَهُ ﴿٢٢﴾ كَلَّا لَمَّا يَقْضِ مَا
أَمَرَهُ ﴿٢٣﴾ فَلْيَنْظُرِ الْإِنْسَانُ إِلَىٰ طَعَامِهِ ﴿٢٤﴾ أَنَّا صَبَبْنَا الْمَاءَ

---

تَذْكِرَةٌ * فَمَنْ شَاءَ ذَكَرَهُ بہ تحقیق بے شک یم قرآن مجیدک آیات کریمہ چھ وعظ تہٕ نصیحت تس یُس خوش کرہ سُورٕتہٕ نصیحت تمیوک فائدہ والتس پانس مغرور و متکبرن ہندہ نمائنہ سیت امہ کس عزتس منز کم کہینہ گژھ نہ کیازہ یہ قرآن مجید چھو فِي صُحُفٍ مُكَرَّمَةٍ * مَرْفُوعَةٍ مُطَهَّرَةٍ * بِأَيْدِي سَفَرَةٍ * كِرَامٍ بَرَرَةٍ تمنے ورقن اندر لکھت یمن سٹھا عزت کرنہ آمت چھو۔ یم بلند مرتبہ چھہ یم پاک و پاکیزہ چھہ یس لکھنہ آمت چھو عزتہٕ والین ملائکن ہندیو اتھو یم نیکو کار چھہ قُتِلَ الْإِنْسَانُ مَا أَكْفَرَهُ تباہ گژھن یہ انسان کوتاہ کفران نعمت کرہ ون چھو سو کمیوک سناغرور چھو تس سو چھونہ وچھان مِنْ أَيِّ شَيْءٍ خَلَقَهُ کمہ حقیر چیزہ نشہ کور اللہ تعالیٰ ان پیدہ مِنْ نُطْفَةٍ خَلَقَهُ فَقَدَّرَهُ نطفہ سیتھ پیدہ کرن سو توپتہ کرنس تانن ہیوند اندازہ ثُمَّ السَّبِيلَ يَسَّرَهُ توپتہ کورنس ماجہ ہندِہ شکمہ منزہ نیرنچ وتھ آسان ثُمَّ أَمَاتَهُ فَأَقْبَرَهُ توپتہ کینہہ کالہ زندہ تھاوتھ مورن سو توپتہ واتناوِن قبرہ منز ثُمَّ إِذَا شَاءَ أَنْشَرَهُ توپتہ یلہ یژھ سو تیلہ کرس دوبار بیہ زندہ كَلَّا بہ تحقیق لَمَّا يَقْضِ مَا أَمَرَهُ ایم انسانن کرنہ پور سو کوم یموک حکم کریوٚن خالق برحقن فَلْيَنْظُرِ الْإِنْسَانُ إِلَىٰ طَعَامِهِ پس وچھن انسان عبرتہٕ چہ نظرہ پنہ نس غذاہس تہٕ کھیلس کن اس کتھ پاٹھ چھہ امسند خوردنی ہند چیز مہیا کران أَنَّا صَبَبْنَا الْمَاءَ صَبًّا اسی تراوٚ پیٹھ مہ طرفہ عجیب طریقہ رود ثُمَّ شَقَقْنَا الْأَرْضَ شَقًّا توپتہ پھاٹو اسی زمین عجیب طریقہ بیول کڈہ ناو تمہ منز کلہ فَأَنْبَتْنَا فِيهَا حَبًّا پس کھوراسہٕ تمہ زمینہ منز غلہ

صَبًّا ۙ﴿٢٥﴾ ثُمَّ شَقَقْنَا الْاَرْضَ شَقًّا ۙ﴿٢٦﴾ فَاَنْۢبَتْنَا فِيْهَا حَبًّا ۙ﴿٢٧﴾ وَّ
عِنَبًا وَّ قَضْبًا ۙ﴿٢٨﴾ وَّ زَيْتُوْنًا وَّ نَخْلًا ۙ﴿٢٩﴾ وَّ حَدَآئِقَ غُلْبًا ۙ﴿٣٠﴾ وَّ فَاكِهَةً
وَّ اَبًّا ۙ﴿٣١﴾ مَّتَاعًا لَّكُمْ وَ لِاَنْعَامِكُمْ ؕ﴿٣٢﴾ فَاِذَا جَآءَتِ الصَّآخَّةُ ﴿٣٣﴾
يَوْمَ يَفِرُّ الْمَرْءُ مِنْ اَخِيْهِ ۙ﴿٣٤﴾ وَ اُمِّهٖ وَ اَبِيْهِ ۙ﴿٣٥﴾ وَ صَاحِبَتِهٖ
وَ بَنِيْهِ ؕ﴿٣٦﴾ لِكُلِّ امْرِئٍ مِّنْهُمْ يَوْمَئِذٍ شَاْنٌ يُّغْنِيْهِ ؕ﴿٣٧﴾
وُجُوْهٌ يَّوْمَئِذٍ مُّسْفِرَةٌ ۙ﴿٣٨﴾ ضَاحِكَةٌ مُّسْتَبْشِرَةٌ ۚ﴿٣٩﴾ وَ وُجُوْهٌ
يَّوْمَئِذٍ عَلَيْهَا غَبَرَةٌ ۙ﴿٤٠﴾ تَرْهَقُهَا قَتَرَةٌ ؕ﴿٤١﴾ اُولٰٓئِكَ هُمُ
الْكَفَرَةُ الْفَجَرَةُ ﴿٤٢﴾ ع

---

وَّعِنَبًا بیہ دچھ وَّقَضْبًا بیہ ترکارہ وَّزَيْتُوْنًا وَّنَخْلًا بیہ زیتون بیہ خصر وَّحَدَآئِقَ غُلْبًا بیہ کلیو برت باغ وَّفَاكِهَةً وَّاَبًّا بیہ میوہ بیہ گھاسہ مَّتَاعًا لَّكُمْ وَلِاَنْعَامِكُمْ تہوندہ نفعہ خیطرہ بیہ تہوندن چاروائن ہندہ نفعہ خیطرہ۔ فَاِذَا جَآءَتِ الصَّآخَّةُ ادہ یلہ گڑھ سوکریک یسہ کنن زرپاوہ ون آسہ یعنی پوغک دویم
پھوک تمہ دوہہ سپدن عجیب عجیب حالات ظاہر۔ يَوْمَ يَفِرُّ الْمَرْءُ مِنْ اَخِيْهِ * وَاُمِّهٖ وَاَبِيْهِ یمہ دوہہ شخص ڑلہ پنہ نس بایس نشہ پنہ نہ ماجہ تہ مالس نشہ وَصَاحِبَتِهٖ وَبَنِيْهِ پنہ نہ زنانہ لشرتہ نچوین نشہ لِكُلِّ امْرِئٍ مِّنْهُمْ يَوْمَئِذٍ شَاْنٌ يُّغْنِيْهِ یمواندرہ آسہ تمہ دوہہ پر تہ اکس پنہ نی فکرہ یسہ تس بے نیاز کرہ بے سنز فکرہ نشہ وُجُوْهٌ يَّوْمَئِذٍ مُّسْفِرَةٌ کینہہ بوتہ آسن تمہ دوھ پھولہ ون۔ ضَاحِكَةٌ مُّسْتَبْشِرَةٌ آسہ ون تہ خوش خصال یعنی باایمانن ہند بوتہ وَوُجُوْهٌ يَّوْمَئِذٍ عَلَيْهَا غَبَرَةٌ بیہ آسن کینہ بوتھ تمہ دوھ گرد آلودہ تَرْهَقُهَا قَتَرَةٌ تمنے آسہ ولنہ آمژ سیاہی اُولٰٓئِكَ هُمُ الْكَفَرَةُ الْفَجَرَةُ تمے گئے کافر تہ بدکار نافرمان

## سُوْرَةُ التَّكْوِيْرِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

إِذَا الشَّمْسُ كُوِّرَتْ ۝١ وَإِذَا النُّجُوْمُ انْكَدَرَتْ ۝٢ وَإِذَا الْجِبَالُ
سُيِّرَتْ ۝٣ وَإِذَا الْعِشَارُ عُطِّلَتْ ۝٤ وَإِذَا الْوُحُوْشُ
حُشِرَتْ ۝٥ وَإِذَا الْبِحَارُ سُجِّرَتْ ۝٦ وَإِذَا النُّفُوْسُ زُوِّجَتْ ۝٧
وَإِذَا الْمَوْءٗدَةُ سُئِلَتْ ۝٨ بِأَيِّ ذَنْبٍ قُتِلَتْ ۝٩ وَإِذَا الصُّحُفُ
نُشِرَتْ ۝١٠ وَإِذَا السَّمَآءُ كُشِطَتْ ۝١١ وَإِذَا الْجَحِيْمُ سُعِّرَتْ ۝١٢
وَإِذَا الْجَنَّةُ أُزْلِفَتْ ۝١٣ عَلِمَتْ نَفْسٌ مَّآ أَحْضَرَتْ ۝١٤ فَلَآ

---

إِذَا الشَّمْسُ كُوِّرَتْ يلہ آفتاب وٹنہ ییہ گاش روزسنہ کینہ تہ وَإِذَا النُّجُوْمُ انْكَدَرَتْ بیہ یلہ تارک گٹ گژھن وَإِذَا الْجِبَالُ سُيِّرَتْ بیہ یلہ کوہ پکناونہ ین وَإِذَا الْعِشَارُ عُطِّلَتْ بیہ یلہ باردار اوٹنہ یمن دٕہ رت حملس گیمت آس پرٕ سنس تیار آسن تروانہ ین۔ وَإِذَا الْوُحُوْشُ حُشِرَتْ بیہ یلہ جنگلی جانور سوٗمبرنہ ین جنگلو منزٕ ین ساری وست وَإِذَا الْبِحَارُ سُجِّرَتْ بیہ یلہ دریا تاونہ ین وَإِذَا النُّفُوْسُ زُوِّجَتْ بیہ یلہ روح ین ملناونہ بدنن سیت وَإِذَا الْمَوْءٗدَةُ سُئِلَتْ * بِأَيِّ ذَنْبٍ قُتِلَتْ بیہ یلہ زندے قبرہ منز تراونہ آمژٕ کور پرٛژھنہ ییہ کمہ گنہ آیہ سوٗ مارنہ وَإِذَا الصُّحُفُ نُشِرَتْ بیہ یلہ نامہ اعمال ین مژراونہ یا چھکراونہ ین وَإِذَا السَّمَآءُ كُشِطَتْ بیہ یلہ آسمانس بستہ والنہ ییہ وَإِذَا الْجَحِيْمُ سُعِّرَتْ بیہ یلہ جہنم ییہ تیز کرنہ وَإِذَا الْجَنَّةُ أُزْلِفَتْ بیہ یلہ جنت ییہ نکھ اننہ۔ عَلِمَتْ نَفْسٌ مَّآ أَحْضَرَتْ زانہ تمہ ساتہ پرٛت اکھاہ کیاہ آسہ تم حاضر کرمٕت عملو اندرہ فَلَآ أُقْسِمُ بِالْخُنَّسِ پس چھس بٕہ قسم ہاوان پوٗت پھیرت گژھہ ونین تارکن ہیوند الْجَوَارِ الْكُنَّسِ یم پکہ ون پنہ نین مطالعن منز غیب گژھہ

اُقۡسِمُ بِالۡخُنَّسِ ۙ﴿۱۵﴾ الۡجَوَارِ الۡكُنَّسِ ۙ﴿۱۶﴾ وَالَّيۡلِ اِذَا عَسۡعَسَ ۙ﴿۱۷﴾
وَالصُّبۡحِ اِذَا تَنَفَّسَ ۙ﴿۱۸﴾ اِنَّهٗ لَقَوۡلُ رَسُوۡلٍ كَرِيۡمٍ ۙ﴿۱۹﴾ ذِىۡ
قُوَّةٍ عِنۡدَ ذِى الۡعَرۡشِ مَكِيۡنٍ ۙ﴿۲۰﴾ مُّطَاعٍ ثَمَّ اَمِيۡنٍ ؕ﴿۲۱﴾ وَ
مَا صَاحِبُكُمۡ بِمَجۡنُوۡنٍ ۚ﴿۲۲﴾ وَلَقَدۡ رَاٰهُ بِالۡاُفُقِ الۡمُبِيۡنِ ۚ﴿۲۳﴾
وَمَا هُوَ عَلَى الۡغَيۡبِ بِضَنِيۡنٍ ۚ﴿۲۴﴾ وَمَا هُوَ بِقَوۡلِ شَيۡطٰنٍ
رَّجِيۡمٍ ۙ﴿۲۵﴾ فَاَيۡنَ تَذۡهَبُوۡنَ ؕ﴿۲۶﴾ اِنۡ هُوَ اِلَّا ذِكۡرٌ لِّلۡعٰلَمِيۡنَ ۙ﴿۲۷﴾
لِمَنۡ شَآءَ مِنۡكُمۡ اَنۡ يَّسۡتَقِيۡمَ ؕ﴿۲۸﴾ وَمَا تَشَآءُوۡنَ اِلَّاۤ اَنۡ
يَّشَآءَ اللّٰهُ رَبُّ الۡعٰلَمِيۡنَ ﴿۲۹﴾ ع

---

وَن ڇھ وَالَّيۡلِ اِذَا عَسۡعَسَ بيہ پُھس قسم هاوان راڙ هيو نديله سُہ ڦيرت گرڻھُن هوان ڇھ وَالصُّبۡحِ اِذَا تَنَفَّسَ بيہ پُھس قسم هاوان صبحُگ يله سوپُھلان ڇھويم قسم پُھس يتھ پيڇھ هاوان کہ اِنَّهٗ لَقَوۡلُ رَسُوۡلٍ كَرِيۡمٍ بے شک يہ قرآن مجيد ڇھو پرڊن اکس سوزنہ آمُتس ملکہ سندئيس مرتبہ کن بوڊ ڇھو خداييس نشہ ذِىۡ قُوَّةٍ قوتہ وول ڇھ عِنۡدَ ذِى الۡعَرۡشِ مَكِيۡنٍ عرشہ والس خداييس نشہ ڇھوتھدس عھدس پيڇھ مُّطَاعٍ ثَمَّ اَمِيۡنٍ مانہ آمت پُھو۔ بيہ پُھوتہ معتبر امانت دار وَمَا صَاحِبُكُمۡ بِمَجۡنُوۡنٍ بيہ ڇھونہ توھہ سيت هميشہ روزن وول حضرت محمد ﷺ موت تہ ديوانہ وَلَقَدۡ رَاٰهُ بِالۡاُفُقِ الۡمُبِيۡنِ بيہ وُڇھ حضرت محمدن ﷺ جبريل امين پننہ اصلي شکلہ منز آسمانُکس اندس پيڇھ يُس ٹُن ڇھو وَمَا هُوَ عَلَى الۡغَيۡبِ بِضَنِيۡنٍ بيہ ڇھونہ يہ پيغمبر برحق غيبي کتھن پيڇھ بخل کرہ وُن وَمَا هُوَ بِقَوۡلِ شَيۡطٰنٍ رَّجِيۡمٍ بيہ ڇھونہ يہ قرآن مجيد مردود شيطانہ سنز کت فَاَيۡنَ تَذۡهَبُوۡنَ پس کوُن ڇھوہ توھہ گڇھان اِنۡ هُوَ اِلَّا ذِكۡرٌ لِّلۡعٰلَمِيۡنَ يہ قرآن مجيد ڇھونہ مگر نصيحت سارني عالمين کرڇھ لِمَنۡ شَآءَ مِنۡكُمۡ اَنۡ يَّسۡتَقِيۡمَ توھہ اندرہ تمن هندہ خيطرہ ييم سيزہ وتہ پڇن يڇھن وَمَا تَشَآءُوۡنَ اِلَّاۤ اَنۡ يَّشَآءَ اللّٰهُ رَبُّ الۡعٰلَمِيۡنَ توہ هيکيونہ يڇھتھ مگرے يڇھہ اللہ تعالیٰ يُس عالمين هيوند رُب ڇھو۔

# سُوْرَةُ الْاِنْفِطَارِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

اِذَا السَّمَآءُ انْفَطَرَتْ ۙ﴿۱﴾ وَ اِذَا الْكَوَاكِبُ انْتَثَرَتْ ۙ﴿۲﴾ وَ اِذَا الْبِحَارُ
فُجِّرَتْ ۙ﴿۳﴾ وَ اِذَا الْقُبُوْرُ بُعْثِرَتْ ۙ﴿۴﴾ عَلِمَتْ نَفْسٌ مَّا قَدَّمَتْ وَ اَخَّرَتْ ؕ﴿۵﴾
يٰۤاَيُّهَا الْاِنْسَانُ مَا غَرَّكَ بِرَبِّكَ الْكَرِيْمِ ۙ﴿۶﴾ الَّذِيْ خَلَقَكَ
فَسَوّٰىكَ فَعَدَلَكَ ۙ﴿۷﴾ فِيْۤ اَيِّ صُوْرَةٍ مَّا شَآءَ رَكَّبَكَ ؕ﴿۸﴾ كَلَّا بَلْ
تُكَذِّبُوْنَ بِالدِّيْنِ ۙ﴿۹﴾ وَ اِنَّ عَلَيْكُمْ لَحٰفِظِيْنَ ۙ﴿۱۰﴾ كِرَامًا كَاتِبِيْنَ ۙ﴿۱۱﴾
يَعْلَمُوْنَ مَا تَفْعَلُوْنَ ﴿۱۲﴾ اِنَّ الْاَبْرَارَ لَفِيْ نَعِيْمٍ ۚ﴿۱۳﴾ وَّ اِنَّ

---

اِذَا السَّمَآءُ انْفَطَرَتْ یلہ آسمان پھٹہ وَ اِذَا الْكَوَاكِبُ انْتَثَرَتْ بیہ یلہ تارک چھکرنہ ین وَ اِذَا الْبِحَارُ فُجِّرَتْ بیہ یلہ دریاین زورہ پکناونہ وَ اِذَا الْقُبُوْرُ بُعْثِرَتْ بیہ یلہ قبرہ پرالنہ ین عَلِمَتْ نَفْسٌ مَّا قَدَّمَتْ وَ اَخَّرَتْ تمی ساتہ زانہ پرت اکھاہ برونٹھ کیاہ سۆزن پتھ کیاہ تراون يٰۤاَيُّهَا الْاِنْسَانُ مَا غَرَّكَ بِرَبِّكَ الْكَرِيْمِ اے انسانہ کم چیزن ہسر اوک ژہ پنہ نس کریم پروردگارہ سنز نافرمان کرنس پیٹھ الَّذِيْ خَلَقَكَ فَسَوّٰىكَ فَعَدَلَكَ یم پروردگارن ژہ پیدہ کرِنک بیہ سیود کرنک توپتہ برابر تہ معتدل کرنک فِيْۤ اَيِّ صُوْرَةٍ مَّا شَآءَ رَكَّبَكَ یتھ شکلہ منز یژھون تتھ شکلہ منز دژنے ژہہ ترکیب كَلَّا بَلْ تُكَذِّبُوْنَ بِالدِّيْنِ کونہ چیزن ہسر اوکھ نہ بلکہ چھہ حقیقت کہ توہہ چھوہ اپزگنزران عملن ہندس جزائس قیامتک دوہ روز تو توہ آتھ خیالس سیت وَ اِنَّ عَلَيْكُمْ لَحٰفِظِيْنَ * كِرَامًا كَاتِبِيْنَ مگر اسہ چھہ توہہ پیٹھ مقرر کرمت راچھ تے چھ خدائس نشہ معتبر لکھن وال يَعْلَمُوْنَ مَا تَفْعَلُوْنَ تمن چھو معلوم سپدان تہ سوروی یہ

الْفُجَّارَ لَفِي جَحِيمٍ ﴿١٤﴾ يَصْلَوْنَهَا يَوْمَ الدِّينِ ﴿١٥﴾ وَمَا هُمْ
عَنْهَا بِغَائِبِينَ ﴿١٦﴾ وَمَا أَدْرَاكَ مَا يَوْمُ الدِّينِ ﴿١٧﴾ ثُمَّ مَا
أَدْرَاكَ مَا يَوْمُ الدِّينِ ﴿١٨﴾ يَوْمَ لَا تَمْلِكُ نَفْسٌ لِنَفْسٍ
شَيْئًا ۖ وَالْأَمْرُ يَوْمَئِذٍ لِلَّهِ ﴿١٩﴾

---

توہہ کران چھو نیک وبد إِنَّ الْأَبْرَارَ لَفِي نَعِيمٍ پزپاٹھ نیکوکار آسن جنتس منز نعمژن اندر وَإِنَّ الْفُجَّارَ لَفِي جَحِيمٍ پزپاٹ بدکار تہ نافرمان آسن جہنمس منز عذابس اندر يَصْلَوْنَهَا يَوْمَ الدِّينِ اژن تتھ جہنمس منز قیامژہ دوہہ وَمَا هُمْ عَنْهَا بِغَائِبِينَ بیہ چھنہ تم تمہ جہنمہ نشہ الگ تہ کھٹت روزہ ون وَمَا أَدْرَاكَ مَا يَوْمُ الدِّينِ کوہ چیز تاری ژہ فکرہ ای انسانہ سو جزاءک دوہ کوتاہ مشکل چھو ثُمَّ مَا أَدْرَاكَ مَا يَوْمُ الدِّينِ بیہ چھوسے ونان کوہ چیز زانراوے ژہ جزائک دوہ کوتاہ مشکل تہ سخت چھو۔ مختصر بوز يَوْمَ لَا تَمْلِكُ نَفْسٌ لِنَفْسٍ شَيْئًا سو گو سوئی دوہ یمہ دوہنہ کانہہ اکھاہ کانسہ اکس نفع ہیکہ واتناوِت پنہ نہٕ اختیارہ وَالْأَمْرُ يَوْمَئِذٍ لِلَّهِ حکم تہ اختیار آسہ تمہ دوہ کُنس خدایس بیہ نہ کانسہ۔



## سُوْرَةُ الْمُطَفِّفِيْنَ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

وَيْلٌ لِّلْمُطَفِّفِيْنَ ۙ﴿١﴾ الَّذِيْنَ اِذَا اكْتَالُوْا عَلَى النَّاسِ يَسْتَوْفُوْنَ ۫ۖ﴿٢﴾
وَاِذَا كَالُوْهُمْ اَوْ وَّزَنُوْهُمْ يُخْسِرُوْنَ ؕ﴿٣﴾ اَلَا يَظُنُّ اُولٰٓئِكَ اَنَّهُمْ
مَّبْعُوْثُوْنَ ۙ﴿٤﴾ لِيَوْمٍ عَظِيْمٍ ۙ﴿٥﴾ يَّوْمَ يَقُوْمُ النَّاسُ لِرَبِّ
الْعٰلَمِيْنَ ؕ﴿٦﴾ كَلَّاۤ اِنَّ كِتٰبَ الْفُجَّارِ لَفِيْ سِجِّيْنٍ ؕ﴿٧﴾ وَمَاۤ اَدْرٰىكَ
مَا سِجِّيْنٌ ؕ﴿٨﴾ كِتٰبٌ مَّرْقُوْمٌ ؕ﴿٩﴾ وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ ۙ﴿١٠﴾
الَّذِيْنَ يُكَذِّبُوْنَ بِيَوْمِ الدِّيْنِ ؕ﴿١١﴾ وَمَا يُكَذِّبُ بِهٖۤ اِلَّا كُلُّ

---

وَيْلٌ لِّلْمُطَفِّفِيْنَ پرزناوک ہلاکت چھ یمہ نِس تہ تولہ نِس منز کمی کرہ وںین ہندہ خطیرہ الَّذِيْنَ اِذَا
اكْتَالُوْا عَلَى النَّاسِ يَسْتَوْفُوْنَ یم یلہ لوکن نشہِ پنون حق تولن سورٹن پُور وَاِذَا كَالُوْهُمْ اَوْ وَّزَنُوْهُمْ
يُخْسِرُوْنَ تو پتہ یلہ لوکنِ دِین پنون کانہ چیز مینت یا تولت سودِن چھون اَلَا يَظُنُّ اُولٰٓئِكَ اَنَّهُمْ مَّبْعُوْثُوْنَ *
لِيَوْمٍ عَظِيْمٍ کیا گمان چھنا تمن لوکن زہ تم ین تُلنہ اکہ بڈہ دوہہ خیطرہ یتھ منز تمن سارِکوی حساب
ییہ ہنہ يَّوْمَ يَقُوْمُ النَّاسُ لِرَبِّ الْعٰلَمِيْنَ یمہ دوہ ساری لوک روزن وُدنہ حساب دِنہ خیطرہ کا نتہ تکس
ربس برونٹھ کنہ كَلَّاۤ اِنَّ كِتٰبَ الْفُجَّارِ لَفِيْ سِجِّيْنٍ بہ تحقیق بے شک کافرن تہ نافرمانن ہیوند نامہ اعمال
روزہ سجین منز وَمَاۤ اَدْرٰىكَ مَا سِجِّيْنٌ کوہ چیز زانراوی ژیہ سجین کیاہ گو كِتٰبٌ مَّرْقُوْمٌ سو چھو دفترہ اکھ
لکھنہ آمت تتھ منز چھہ دوزخین ناو لکھنہ آمت تمن پیٹھ چھہ نشان تھاونہ آمت نمبر دِنہ آمت وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ
لِّلْمُكَذِّبِيْنَ افسوس چھو تمہ دوہہ پزِس اپزِ گنزرونین الَّذِيْنَ يُكَذِّبُوْنَ بِيَوْمِ الدِّيْنِ یم اپزِ گنزرن

مُعْتَدٍ اَثِيْمٍ ﴿۱۲﴾ اِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِ اٰيٰتُنَا قَالَ اَسَاطِيْرُ
الْاَوَّلِيْنَ ﴿۱۳﴾ كَلَّا بَلْ سكتة رَانَ عَلٰى قُلُوْبِهِمْ مَّا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ ﴿۱۴﴾
كَلَّآ اِنَّهُمْ عَنْ رَّبِّهِمْ يَوْمَئِذٍ لَّمَحْجُوْبُوْنَ ﴿۱۵﴾ ثُمَّ اِنَّهُمْ
لَصَالُوا الْجَحِيْمِ ﴿۱۶﴾ ثُمَّ يُقَالُ هٰذَا الَّذِيْ كُنْتُمْ بِهٖ تُكَذِّبُوْنَ ﴿۱۷﴾
كَلَّآ اِنَّ كِتٰبَ الْاَبْرَارِ لَفِيْ عِلِّيِّيْنَ ﴿۱۸﴾ وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا عِلِّيُّوْنَ ﴿۱۹﴾
كِتٰبٌ مَّرْقُوْمٌ ﴿۲۰﴾ يَّشْهَدُهُ الْمُقَرَّبُوْنَ ﴿۲۱﴾ اِنَّ الْاَبْرَارَ لَفِيْ
نَعِيْمٍ ﴿۲۲﴾ عَلَى الْاَرَآئِكِ يَنْظُرُوْنَ ﴿۲۳﴾ تَعْرِفُ فِيْ وُجُوْهِهِمْ

---

جزء کس دوھس وَمَا يُكَذِّبُ بِهٖٓ اِلَّا كُلُّ مُعْتَدٍ اَثِيْمٍ اھڙي ڪنهن تہ تہ مگر پرت حده ڏلون بدکار اِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِ اٰيٰتُنَا قَالَ اَسَاطِيْرُ الْاَوَّلِيْنَ يلہ پرنہ ين لس پٺھ آيات سين ڏپنہ لڳہ سوءِ يم ڇھ برو نٺهين هند افسانہ كَلَّا تہ ڇهنہ هرگز بَلْ رَانَ عَلٰى قُلُوْبِهِمْ مَّا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ بلڪہ ڇهوز نگار تہ ڪهي ڄمي تهندن دِلن پٺھ تمن پيچھ ڪامين هنز يمہ تم کران آس كَلَّآ تحقيق اِنَّهُمْ عَنْ رَّبِّهِمْ يَوْمَئِذٍ لَّمَحْجُوْبُوْنَ بے شک تم لوک ين تمہ دوهہ پنہ نس پروردگار سند ديداره نشہ پٺھ رٹنہ ثُمَّ اِنَّهُمْ لَصَالُوا الْجَحِيْمِ تو پتہ ڇھ تم يقيناً نار جهنمس منز اژهوين ثُمَّ يُقَالُ تو پتہ ييہ ونہ تمن هٰذَا الَّذِيْ كُنْتُمْ بِهٖ تُكَذِّبُوْنَ يهوی کیاگو سو جهنم يتھ توه ابزانان آسوه كَلَّآ پزپاٹھ اِنَّ كِتٰبَ الْاَبْرَارِ لَفِيْ عِلِّيِّيْنَ بے شک نیکوکارن هيوند نامہ اعمال ڇهو عليينس اندر وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا عِلِّيُّوْنَ ژہ کوه چيز زانراوی علیون کیاه ڇھو كِتٰبٌ مَّرْقُوْمٌ سو ڇهو دفتره لکهنہ آمت تتھ منز ڇهو باايمانن هندناو آمت لکهنہ تمنی ڇهو نشانہ آمت تهاونہ نمبر آمت دِنہ يَّشْهَدُهُ الْمُقَرَّبُوْنَ وڇهنہ يوان ڇھ تتھ ملائکہ مقربین اِنَّ الْاَبْرَارَ لَفِيْ نَعِيْمٍ پزپاٹ نيکوکار ڇهو جنتن نعمژن اندر عَلَى الْاَرَآئِكِ يَنْظُرُوْنَ تختن پيٹھ آسن وڇهان عجائبات تَعْرِفُ

نَضْرَةَ النَّعِيْمِ ﴿٢٤﴾ يُسْقَوْنَ مِنْ رَّحِيْقٍ مَّخْتُوْمٍ ﴿٢٥﴾ خِتٰمُهٗ
مِسْكٌ ۭ وَفِيْ ذٰلِكَ فَلْيَتَنَافَسِ الْمُتَنٰفِسُوْنَ ﴿٢٦﴾ وَ
مِزَاجُهٗ مِنْ تَسْنِيْمٍ ﴿٢٧﴾ عَيْنًا يَّشْرَبُ بِهَا الْمُقَرَّبُوْنَ ﴿٢٨﴾
اِنَّ الَّذِيْنَ اَجْرَمُوْا كَانُوْا مِنَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا يَضْحَكُوْنَ ﴿٢٩﴾
وَاِذَا مَرُّوْا بِهِمْ يَتَغَامَزُوْنَ ﴿٣٠﴾ وَاِذَا انْقَلَبُوْٓا اِلٰٓى
اَهْلِهِمُ انْقَلَبُوْا فَكِهِيْنَ ﴿٣١﴾ وَاِذَا رَاَوْهُمْ قَالُوْٓا اِنَّ
هٰٓؤُلَاۗءِ لَضَاۗلُّوْنَ ﴿٣٢﴾ وَمَآ اُرْسِلُوْا عَلَيْهِمْ حٰفِظِيْنَ ﴿٣٣﴾

---

فِيْ وُجُوْهِهِمْ نَضْرَةَ النَّعِيْمِ پر زناوک ڙه تهند يو ٻهيو پڻ نعمتن هنز تروتازگی يُسْقَوْنَ مِنْ رَّحِيْقٍ
مَّخْتُوْمٍ* خِتٰمُهٗ مِسْكٌ چاونه ين تم سو شراب طهور يتهٕ ڇئ بوتله مهر آسه کرنه آمژ۔ سو مهر ڇئ آسه
خالص نافه کستوری مومه نه لاچهه بدل سوی مهر تلن پانه تم جنتی اتھس کت رٹونوی گژهن خوش تهند
دماغ نافه که خوش بو سیت معطر وَفِيْ ذٰلِكَ يتهٕ سی شرابس کن فَلْيَتَنَافَسِ الْمُتَنٰفِسُوْنَ
گژرن رغبت کرن وال وَمِزَاجُهٗ مِنْ تَسْنِيْمٍ بيه آسه ملناونه آمت تتهٕ سيت تسنيمک آب
عَيْنًا يَّشْرَبُ بِهَا الْمُقَرَّبُوْنَ تسنيم چھو ناگه يمه منز آب چوان آسن پروردگاره سند مقرب بنده اِنَّ
الَّذِيْنَ اَجْرَمُوْا كَانُوْا مِنَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا يَضْحَكُوْنَ بڑپاٹ نافرمان لوک آسِ باایمانن پیٹھ اسان وَاِذَا
مَرُّوْا بِهِمْ يَتَغَامَزُوْنَ یله تم باایمان تمن کافرن برونٹھ کنِ پکان آس تم آس اکھ اکس کن اچھناٹه
کران حقارته کن۔ وَاِذَا انْقَلَبُوْٓا اِلٰٓى اَهْلِهِمُ انْقَلَبُوْا فَكِهِيْنَ تو پته یله واپس آس تم کافر
گژهان پنه نس اہل وعیالس کن واپس آس گژهان ژینگان یمو کامیو سیت وَاِذَا رَاَوْهُمْ قَالُوْٓا اِنَّ
هٰٓؤُلَاۗءِ لَضَاۗلُّوْنَ بیه یله وچھان آس تم کافر تمن مسلمانن دپان آس یم لوک چھ ڈلمت گمراہگمت

فَالْيَوْمَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مِنَ الْكُفَّارِ يَضْحَكُوْنَ ﴿٣٤﴾ عَلَى
الْاَرَآئِكِ يَنْظُرُوْنَ ﴿٣٥﴾ هَلْ ثُوِّبَ الْكُفَّارُ مَا كَانُوْا يَفْعَلُوْنَ ﴿٣٦﴾

---

وَمَآ اُرْسِلُوْا عَلَيْهِمْ حٰفِظِيْنَ حالانکہ یم آسنہ سوزنہ آمت تمن ہندِ خیطرہ راچھ تمن کیا حق اوس یہ ونہ نُک فَالْيَوْمَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مِنَ الْكُفَّارِ يَضْحَكُوْنَ از قیامتہ کہ دوہہ کیا اَسن باایمان تمن کافرن پٹھہ عَلَى الْاَرَآئِكِ يَنْظُرُوْنَ تختن پٹھ بہت آسن جنتی کافرن تہ مُشرگن ہندہ عذابُک حال وُچھان دِیان آسنک۔ هَلْ ثُوِّبَ الْكُفَّارُ مَا كَانُوْا يَفْعَلُوْنَ کیا جزا آوہ دِنہ کافرن تمن کامِن ہیوند یمہ تم کران آس دنیاءس اندر



## سُورَةُ الانشِقَاقِ

بِسۡمِ اللّٰهِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ ○
اِذَا السَّمَآءُ انۡشَقَّتۡ ۙ﴿۱﴾ وَ اَذِنَتۡ لِرَبِّهَا وَ حُقَّتۡ ۙ﴿۲﴾ وَ اِذَا
الۡاَرۡضُ مُدَّتۡ ۙ﴿۳﴾ وَ اَلۡقَتۡ مَا فِیۡهَا وَ تَخَلَّتۡ ۙ﴿۴﴾ وَ اَذِنَتۡ
لِرَبِّهَا وَ حُقَّتۡ ؕ﴿۵﴾ یٰۤاَیُّهَا الۡاِنۡسَانُ اِنَّکَ کَادِحٌ اِلٰی رَبِّکَ
کَدۡحًا فَمُلٰقِیۡهِ ۚ﴿۶﴾ فَاَمَّا مَنۡ اُوۡتِیَ کِتٰبَهٗ بِیَمِیۡنِهٖ ۙ﴿۷﴾
فَسَوۡفَ یُحَاسَبُ حِسَابًا یَّسِیۡرًا ۙ﴿۸﴾ وَّ یَنۡقَلِبُ اِلٰۤی اَهۡلِهٖ

---

اِذَا السَّمَآءُ انۡشَقَّتۡ یلہ آسمانس چھلہ گڑھن خدایہ سندہ حکمہ وَ اَذِنَتۡ لِرَبِّهَا وَ حُقَّتۡ بیہ مانہ آسمان پنہ نس پروردگارہ سُند حکم تس پزہ حکم مانن وَ اِذَا الۡاَرۡضُ مُدَّتۡ بیہ یلہ زمین زیٹھر اونہ ییہ خدایہ سندہ حکمہ سیت وَ اَلۡقَتۡ مَا فِیۡهَا وَ تَخَلَّتۡ بیہ تراوہ زمین نیبر تم ساری چیز یم تتھ منز چھ سُو سپدہ خالی وَ اَذِنَتۡ لِرَبِّهَا وَ حُقَّتۡ سوتہ مانہ پنہ نِس پروردگارہ سُند حکم تس پزہ حکم مانن یٰۤاَیُّهَا الۡاِنۡسَانُ اِنَّکَ کَادِحٌ اِلٰی رَبِّکَ کَدۡحًا فَمُلٰقِیۡهِ ای انسانہ بے شک ژہ چھک تکلیف تہ محنت تلہ وُن پنہ نِس پروردگارس نشہ واتنہ خیطرہ پس چھک ژہ تس سیت ملاقات کرہ وُن نیکین اندر محنت کرت تہ تس نشہ واتہ وُن بدی اندر مشقت تُلت تہ تس نشہ واتہ وُن تِس نشہ پنہ نین عملن ہنز مزور حاصل کرہ وُن رژن عملن رژ مزور پچھ عملن پچھ مزور فَاَمَّا مَنۡ اُوۡتِیَ کِتٰبَهٗ بِیَمِیۡنِهٖ ادہ یُس اکس نامہ اعمال دِنہ ییہ دَچھنس اَتھس کیتھ فَسَوۡفَ یُحَاسَبُ حِسَابًا یَّسِیۡرًا پس نزدیک چھوکہ حساب ییہ ہنہ تس حسابہ سہل تہ آسان وَّ یَنۡقَلِبُ اِلٰۤی اَهۡلِهٖ مَسۡرُوۡرًا واپس پھیرہ سو پنہ نین باژن کُن خوش سپدت وَ اَمَّا مَنۡ اُوۡتِیَ کِتٰبَهٗ وَرَآءَ ظَهۡرِهٖ بیہ یُس اکس دنہ ییہ نامہ اعمال پتون تھر پتھن کھاورس اتھس کیتھ

مَسْرُوْرًا ﴿۹﴾ وَ اَمَّا مَنْ اُوْتِیَ كِتٰبَهٗ وَرَآءَ ظَهْرِهٖ ﴿۱۰﴾ فَسَوْفَ
يَدْعُوْا ثُبُوْرًا ﴿۱۱﴾ وَّيَصْلٰى سَعِيْرًا ﴿۱۲﴾ اِنَّهٗ كَانَ فِیْۤ اَهْلِهٖ
مَسْرُوْرًا ﴿۱۳﴾ اِنَّهٗ ظَنَّ اَنْ لَّنْ يَّحُوْرَ ﴿۱۴﴾ بَلٰۤى ۚ اِنَّ رَبَّهٗ
كَانَ بِهٖ بَصِيْرًا ﴿۱۵﴾ فَلَاۤ اُقْسِمُ بِالشَّفَقِ ﴿۱۶﴾ وَالَّيْلِ وَمَا
وَسَقَ ﴿۱۷﴾ وَالْقَمَرِ اِذَا اتَّسَقَ ﴿۱۸﴾ لَتَرْكَبُنَّ طَبَقًا عَنْ طَبَقٍ ﴿۱۹﴾ فَمَا
لَهُمْ لَا يُؤْمِنُوْنَ ﴿۲۰﴾ وَاِذَا قُرِئَ عَلَيْهِمُ الْقُرْاٰنُ لَا يَسْجُدُوْنَ ﴿۲۱﴾ السجدة
بَلِ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا يُكَذِّبُوْنَ ﴿۲۲﴾ وَاللّٰهُ اَعْلَمُ بِمَا يُوْعُوْنَ ﴿۲۳﴾

---

فَسَوْفَ يَدْعُوْا ثُبُوْرًا سودیہ کریکہ تہ آلو گلہ نس پنہ نس پیٹھ یعنی پنہ موتہ خیطرہ وَّيَصْلٰى سَعِيْرًا
بیہ اژہ سودزونس نارس اِنَّهٗ كَانَ فِیْۤ اَهْلِهٖ مَسْرُوْرًا پزپاٹ اوس سود نیاءس اندر پنہ نین باژن منز
خوش بے غم اِنَّهٗ ظَنَّ اَنْ لَّنْ يَّحُوْرَ پزپاٹ تس اوس گمان زہ خدایس کُن چھونہ رجوع کرن بَلٰۤى
البتہ تس چھو ضرور خدایس کُن رجوع کرن اِنَّ رَبَّهٗ كَانَ بِهٖ بَصِيْرًا پزپاٹ تم سُند پروردگار اوس
تمسنزہ ساری کامہ وارہ وچھان فَلَاۤ اُقْسِمُ بِالشَّفَقِ پس چھُوس بُہ قسم ہاوان تمہ سرخی ہیوندیُسہ
آفتاب لوست آسمانکس اندس پیٹھ چھہ آسان وَالَّيْلِ وَمَا وَسَقَ بیہ چھوس قسم ہاوان راژ ہیوند
بیہ تمہ سارکوی یتھ رات چھہ سنبران وَالْقَمَرِ اِذَا اتَّسَقَ بیہ چھُوس قسم ہاوان زونہ ہیوندیلہ سومژ
رنہ یوان چھہ پورسپدان چھہ لَتَرْكَبُنَّ طَبَقًا عَنْ طَبَقٍ توہہ کھسیو ضرور اکہ حالہ پتہ بیس حالس فَمَا لَهُمْ
لَا يُؤْمِنُوْنَ پس کیاہ گو کافرن تم چھنہ یوت ونت تہ پژھ کران وَاِذَا قُرِئَ عَلَيْهِمُ الْقُرْاٰنُ لَا يَسْجُدُوْنَ
بیہ یلہ تمن پیٹھ قرآن مجید چھو پرنہ یوان تیٚج فصاحت وبلاغت بوزت چھنہ تم سجدہ دوان سر تسلیم خم
کران بَلِ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا يُكَذِّبُوْنَ بلکہ یمو لوکو پژھ کرنہ تم چھہ اتھ قرآن مجیدس اپزگنزران وَاللّٰهُ

فَبَشِّرْهُم بِعَذَابٍ أَلِيمٍ ﴿۲۴﴾ إِلَّا الَّذِينَ آمَنُوا وَعَمِلُوا
الصَّالِحَاتِ لَهُمْ أَجْرٌ غَيْرُ مَمْنُونٍ ﴿۲۵﴾

---

أَعْلَمُ بِمَا يُوعُونَ الله تعالیٰ چھو زانان تہ سوروی یہ تم دلن منز تھاوان چھ فَبَشِّرْهُم بِعَذَابٍ أَلِيمٍ
پس خوشخبر دِیو تمن دوددوہ وِنہ عذابچ سارنی إِلَّا الَّذِينَ آمَنُوا وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ مگر یمو پڑھ
کرتہ رژہ عملہ کرکھ لَهُمْ أَجْرٌ غَيْرُ مَمْنُونٍ تہندہ خیطرہ چھ مزور حدہ رستوی منتہ ورای۔



# سُوْرَةُ الْبُرُوْجِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
وَالسَّمَآءِ ذَاتِ الْبُرُوْجِ ۙ ① وَالْيَوْمِ الْمَوْعُوْدِ ۙ ② وَشَاهِدٍ
وَّمَشْهُوْدٍ ؕ ③ قُتِلَ اَصْحٰبُ الْاُخْدُوْدِ ۙ ④ النَّارِ ذَاتِ
الْوَقُوْدِ ۙ ⑤ اِذْ هُمْ عَلَيْهَا قُعُوْدٌ ۙ ⑥ وَّهُمْ عَلٰى مَا يَفْعَلُوْنَ
بِالْمُؤْمِنِيْنَ شُهُوْدٌ ؕ ⑦ وَمَا نَقَمُوْا مِنْهُمْ اِلَّآ اَنْ يُّؤْمِنُوْا بِاللّٰهِ
الْعَزِيْزِ الْحَمِيْدِ ۙ ⑧ الَّذِيْ لَهٗ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ وَ
اللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ شَهِيْدٌ ؕ ⑨ اِنَّ الَّذِيْنَ فَتَنُوا الْمُؤْمِنِيْنَ

---

وَالسَّمَآءِ ذَاتِ الْبُرُوْجِ قسم آسمانک یُس بُرجہ وول چھو وَالْیَوْمِ الْمَوْعُوْدِ بیہ تمہ دوہُک یمیُک وعدہ تھاونہ آمت چھو یعنی قیامتکہِ دوہُک وَشَاهِدٍ وَّمَشْهُوْدٍ بیہ چھو قسم گواہ سند بیہ یُس پیٹھ گواہ روزہ قُتِلَ اَصْحٰبُ الْاُخْدُوْدِ مارنہ آے کھِکھن وال النَّارِ ذَاتِ الْوَقُوْدِ یمو تمن کھین منز نار زُول سٹھاہ زیون تراوت مسلمانن تتھ نارس منز تراوت عذاب کرنہ خیطرہ اِذْ هُمْ عَلَيْهَا قُعُوْدٌ یلہ آس تم تمن نارہ کھڈن ہندس بٹھس پیٹھ بہت وَّهُمْ عَلٰى مَا يَفْعَلُوْنَ بِالْمُؤْمِنِيْنَ شُهُوْدٌ تم یُس تکلیف مسلمانن دِوان آس تہ آس پانہ وچھان وَمَا نَقَمُوْا مِنْهُمْ اِلَّآ اَنْ يُّؤْمِنُوْا بِاللّٰهِ الْعَزِيْزِ الْحَمِيْدِ تمن مسلمانن آسنہ تم انتقام تہ بدل ہوان مگر یمہ کُوی کہ تم آس پژھ کران معبود برحقس یُس سٹھاہ عزتہ وول تہ سٹھاہ تعریف کرنہ آمت چھُ الَّذِيْ لَهٗ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ یُس پادشاہت چھ آسمانن تہ زمین ہنز وَاللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ شَهِيْدٌ تمہ علاوہ چھو اللہ تعالیٰ پرت چیز پانہ وچھان اِنَّ الَّذِيْنَ

وَالْمُؤْمِنٰتِ ثُمَّ لَمْ يَتُوْبُوْا فَلَهُمْ عَذَابُ جَهَنَّمَ وَلَهُمْ عَذَابُ
الْحَرِيْقِ ⑩ اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ لَهُمْ جَنّٰتٌ
تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ ۭ ذٰلِكَ الْفَوْزُ الْكَبِيْرُ ⑪ اِنَّ
بَطْشَ رَبِّكَ لَشَدِيْدٌ ⑫ اِنَّهٗ هُوَ يُبْدِئُ وَيُعِيْدُ ⑬
وَهُوَ الْغَفُوْرُ الْوَدُوْدُ ⑭ ذُو الْعَرْشِ الْمَجِيْدُ ⑮ فَعَّالٌ لِّمَا
يُرِيْدُ ⑯ هَلْ اَتٰىكَ حَدِيْثُ الْجُنُوْدِ ⑰ فِرْعَوْنَ وَثَمُوْدَ ⑱

---

فَتَنُوا الْمُؤْمِنِيْنَ وَالْمُؤْمِنٰتِ پزپاٹھ یموٗلو کوٚ آزمائش کر باایمان مردن تہٕ باایمان زنانن عذابس گرفتار کرنہٕ سیت ثُمَّ لَمْ يَتُوْبُوْا توٚ پتہٕ کروٚکھنہٕ توبہ تمہٕ نشہٕ فَلَهُمْ عَذَابُ جَهَنَّمَ وَلَهُمْ عَذَابُ الْحَرِيْقِ پس تمنی کیٚتھ چھُ دوزخک عذاب آخرتس اندر بییہ چھُ تمنی کیٚتھ دزنُک عذاب دنیاہس اندر ییتھ پاٹھ اصحاب الاخدود زال اللہ تعالیٰ ان تتھ نارس اندر ییٚمہِ مسلمانن ہندہ خٲطرٕ تیار کرمُت اوسُک اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ بتحقیق یموٚ ایمان اوٚن تہٕ رٕژہ عملہٕ کرکھ لَهُمْ جَنّٰتٌ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ تمن کتھ چھ تِمے باغ یِمن اندر جوٚیہ پکان چھ ذٰلِكَ الْفَوْزُ الْكَبِيْرُ یہے چھ بٔڈ رستگاری اِنَّ بَطْشَ رَبِّكَ لَشَدِيْدٌ پزپاٹھ رٹن چٲنِس پروردگارٕ سُند چھُ سٹھاہ سخت اِنَّهٗ هُوَ يُبْدِئُ وَيُعِيْدُ پزپاٹھ سوی چھُ سُویُس گوڈٕ پیدٕ کران چھُ سُو کرٕ مرنہٕ پتہٕ بییہ پیدٕ وَهُوَ الْغَفُوْرُ الْوَدُوْدُ سوی چھُ سٹھاہ گنہ بخشوٚن سُوی چھُ لوٗ تٕھ تھاوہ وٚن بندس ذُو الْعَرْشِ الْمَجِيْدُ سوی چھُ عرشہٕ وول سُوی چھُ بزرگ تہٕ بوڈ ذاتہٕ کِن تہٕ صفتو کِن تہٕ فَعَّالٌ لِّمَا يُرِيْدُ کرہ وٚن تہٕ یہ یژھِ هَلْ اَتٰىكَ حَدِيْثُ الْجُنُوْدِ ای پیغمبر کیا توہہٕ ژٕنش واتٕژ خبر خدایہ سندن دُشمن ہنزن لشکرن ہنز تم ساری گلِ کفرٕ تہٕ نافرمانی ہندہ سبہٕ بہ فِرْعَوْنَ وَثَمُوْدَ تم گے فرعون تہٕ قوم ثمود ازیک کافر چھہٕ نہٕ واقعاتو سیت کانہٕ عبرت رٹان بَلِ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فِيْ تَكْذِيْبٍ بلکہٕ ازیک کافر چھہٕ تمن واقعاتن اپزٕ گنزٕ ران مگر گژھن کوت وَّاللّٰهُ مِنْ

بَلِ الَّذِیْنَ كَفَرُوْا فِیْ تَكْذِیْبٍ ﴿۱۹﴾ وَّ اللّٰهُ مِنْ وَّرَآىِٕهِمْ مُّحِیْطٌ ﴿۲۰﴾
بَلْ هُوَ قُرْاٰنٌ مَّجِیْدٌ ﴿۲۱﴾ فِیْ لَوْحٍ مَّحْفُوْظٍ ﴿۲۲﴾

---

**وَّرَآىِٕهِمْ مُّحِیْطٌ** اللہ تعالیٰ چھہ پرت طرفہ تمن گھیر کرت قرآن مجید چھونہ تیو تھ چیزہ ییتھ تہندہ اپز
گنز رنہ سیت کینہہ کم گژھہ **بَلْ هُوَ قُرْاٰنٌ مَّجِیْدٌ * فِیْ لَوْحٍ مَّحْفُوْظٍ** بلکہ چھو قرآن سٹھاہ تھود مرتبہ کن
اکس راچھ کرنہ آمژ اکس سفید تختہ پیچہ پیٹھ لیکھنہ آمت تو پتہ عرش مجیدس الوندِ تراوت ملکس اکسنز ہ
کوچھ کت تہاونہ آمت



## سُوْرَةُ الطَّارِقِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
وَالسَّمَآءِ وَالطَّارِقِ ۙ ۞ ١ وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا الطَّارِقُ ۙ ۞ ٢
النَّجْمُ الثَّاقِبُ ۙ ۞ ٣ اِنْ كُلُّ نَفْسٍ لَّمَّا عَلَيْهَا حَافِظٌ ۗ ۞ ٤
فَلْيَنْظُرِ الْاِنْسَانُ مِمَّ خُلِقَ ۗ ۞ ٥ خُلِقَ مِنْ مَّآءٍ دَافِقٍ ۙ ۞ ٦
يَّخْرُجُ مِنْ بَيْنِ الصُّلْبِ وَالتَّرَآئِبِ ۗ ۞ ٧ اِنَّهٗ عَلٰى رَجْعِهٖ
لَقَادِرٌ ۗ ۞ ٨ يَوْمَ تُبْلَى السَّرَآئِرُ ۙ ۞ ٩ فَمَا لَهٗ مِنْ قُوَّةٍ وَّلَا

---

وَالسَّمَآءِ وَالطَّارِقِ اکہ شبہ اوس ابو طالب آمت در خدمت حضرت رسولِ کریم صلی اللہ علیہ وسلم حضرت تو اوس لس کیوت طعام کرمُت تیار۔ ہمہ ساتہ دونوے آس سُو طعام کھوان اتی پیو آسمانہ اکھ تار کھ سُوی سپد تیوت نزدیک زمینس کہ سو مکان یتھ منز آنحضرت ﷺ تشریف تھوت آس سو سُپد منور ابو طالبس گیہ اچھ خیرہ ڈپنہ لگ یہ کیاہ سنا سپد آنحضر تو فرماوس یہ چھو تارکُ ملایک چھہ اُتھ لایان تمن شیطانن پتھ یم کِن دِنہ چھو کھسان آسمانس نکھ۔ بیہ چھو یہ خدایہ سندہ قدرتُک اکھ نشانہ ابو طالبن لاج ژھپہ۔ اتی سپد جبریل امین نازل یہ سورہ شریفہ ہیت وَالسَّمَآءِ وَالطَّارِقِ آسمانک قسم بیہ تمہ چیزکُ قسم یُس رات کہ وقت نَنان چھو وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا الطَّارِقُ توہ کوہ چیز زاناوہ یا رسول اللہ کہ سو رات کیوت اِدہ ون کوہ چیز چھو النَّجْمُ الثَّاقِبُ سُو گو تارُکھ پرزلہ ڈن جواب قسم چھو اِنْ كُلُّ نَفْسٍ لَّمَّا عَلَيْهَا حَافِظٌ چھنہ کانہ شخصہ مگر تس پتھ چھو اکھ راچھ فَلْيَنْظُرِ الْاِنْسَانُ مِمَّ خُلِقَ پس وچھن انسان کمہ نشہ آو سو پیدہ کرنہ تمس نے یاد چھو بوزن خُلِقَ مِنْ مَّآءٍ دَافِقٍ سو آو پیدہ کرنہ انزالہ کہ وقتہ وو ٹھ دوہ ونہ آبہ نشہ یعنی منی يَّخْرُجُ مِنْ بَيْنِ الصُّلْبِ وَالتَّرَآئِبِ یس نیران مردن

نَاصِرٍ ﴿١٠﴾ وَالسَّمَآءِ ذَاتِ الرَّجْعِ ﴿١١﴾ وَالْأَرْضِ ذَاتِ
الصَّدْعِ ﴿١٢﴾ إِنَّهُ لَقَوْلٌ فَصْلٌ ﴿١٣﴾ وَّمَا هُوَ بِالْهَزْلِ ﴿١٤﴾ إِنَّهُمْ
يَكِيدُونَ كَيْدًا ﴿١٥﴾ وَّأَكِيدُ كَيْدًا ﴿١٦﴾ فَمَهِّلِ الْكٰفِرِينَ
أَمْهِلْهُمْ رُوَيْدًا ﴿١٧﴾

---

هنديو پشتو منزه زنانن هنز وسينه تريو منزه إِنَّهُ عَلٰى رَجْعِهٖ لَقَادِرٌ پزپاٹ الله تعالٰى چھولتس انسانس مرنه پته بيه زنده كرنس پٹھ قدرته وول يَوْمَ تُبْلَى السَّرَآئِرُ يمه دوہه نرواںه ته پر كھاونه ين دِلن هنديو شيده خيال فَمَا لَهٗ مِنْ قُوَّةٍ وَّلَا نَاصِرٍ پس آسنه تمه دوہه امس انسانس كانهه طاقته نه كانهه مددگاره وَالسَّمَآءِ ذَاتِ الرَّجْعِ بيه چھو قسم رودتراوه ونه آسمانك وَالْأَرْضِ ذَاتِ الصَّدْعِ بيه چھو قسم پھٹه ونه زمينك إِنَّهٗ لَقَوْلٌ فَصْلٌ پزپاٹ يه قرآن مجيد چھو كلامه فيصله كرهٕ ون وَّمَا هُوَ بِالْهَزْلِ چھونه سو ٹھٹھه كتھاه إِنَّهُمْ يَكِيدُونَ كَيْدًا * وَّأَكِيدُ كَيْدًا پزپاٹھ كافر چھه پزس إِنكار كرنس اندر رنگارنگ مكرته حيله كران بوته چھوس پوز نر اون خيطره تدبير كران۔ فَمَهِّلِ الْكٰفِرِينَ پس مهلت ديو توه كافرن أَمْهِلْهُمْ رُوَيْدًا سوى مهلت ديو كھ كم كينهه كاله وچھو تمن كياه ښنه۔



## سُوْرَةُ الْاَعْلٰى

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
سَبِّحِ اسْمَ رَبِّكَ الْاَعْلَى ۙ﴿١﴾ الَّذِيْ خَلَقَ فَسَوّٰى ۙ﴿٢﴾ وَالَّذِيْ قَدَّرَ
فَهَدٰى ۙ﴿٣﴾ وَالَّذِيْٓ اَخْرَجَ الْمَرْعٰى ۙ﴿٤﴾ فَجَعَلَهٗ غُثَاۗءً اَحْوٰى ۭ﴿٥﴾
سَنُقْرِئُكَ فَلَا تَنْسٰٓى ۙ﴿٦﴾ اِلَّا مَا شَاۗءَ اللّٰهُ ۭ اِنَّهٗ يَعْلَمُ الْجَهْرَ وَمَا
يَخْفٰى ۭ﴿٧﴾ وَنُيَسِّرُكَ لِلْيُسْرٰى ښ﴿٨﴾ فَذَكِّرْ اِنْ نَّفَعَتِ الذِّكْرٰى ۭ﴿٩﴾ سَيَذَّكَّرُ
مَنْ يَّخْشٰى ۙ﴿١٠﴾ وَيَتَجَنَّبُهَا الْاَشْقَى ۙ﴿١١﴾ الَّذِيْ يَصْلَى النَّارَ الْكُبْرٰى ۚ﴿١٢﴾

---

سَبِّحِ اسْمَ رَبِّكَ الْاَعْلٰى پاک ڪر ريونا وپنه ٻس پروردگاره سُند ٻس سٹھاه ٿھڊ ڇھويار سول اللہ صلی اللہ عليه وسلم۔ الَّذِيْ خَلَقَ فَسَوّٰى يم سوروي پيده ڪر ٻس ڪرن برابر موزون وَالَّذِيْ قَدَّرَ فَهَدٰى بيه يم پرتھ اڪسنده خيطره ڪوم مقرر ڪر توپته هاونس تتھ ڪن وتھ وَالَّذِيْٓ اَخْرَجَ الْمَرْعٰى بيه يم ڪھور زيمنه منز گاسه فَجَعَلَهٗ غُثَاۗءً اَحْوٰى توپته ڪرن سو گاسه خشڪ زھو ٹھ ته سياه سَنُقْرِئُكَ فَلَا تَنْسٰٓى اس پره ناووه توهِ يار سول اللہ صلی اللہ عليه وسلم يه قرآن مجيد ٻس مشراوونه توهِ ڪينهه ته اِلَّا مَا شَاۗءَ اللّٰهُ مگرتي يه اللہ تعالیٰ يڑھ اِنَّهٗ يَعْلَمُ الْجَهْرَ وَمَا يَخْفٰى بے شڪ اللہ تعالیٰ ڇھوزانان ته بڈه پرن ته لوته پرنُ ته وَنُيَسِّرُكَ لِلْيُسْرٰى بيه ڪوراس سھل ته آسان تھونده خيطره آسان شريعت فَذَكِّرْ اِنْ نَّفَعَتِ الذِّكْرٰى پس پريو توه لوڪن وعظ هر گاه وعظ پرن لوڪن فائده ته نفع دِيه سَيَذَّكَّرُ مَنْ يَّخْشٰى نصيحت رٹه سوی ٻس عذابس ڪھوڑه وَيَتَجَنَّبُهَا الْاَشْقَى لوب روز نصيحت بوزنه نشه بوڈبد قسمت الَّذِيْ يَصْلَى النَّارَ الْكُبْرٰى ٻس واته بڈس نارس سو گونار جهنم ثُمَّ لَا يَمُوْتُ فِيْهَا وَلَا يَحْيٰى توپت نه مره تتھ اندرزانهه نه روزه زنده

ثُمَّ لَا يَمُوتُ فِيهَا وَلَا يَحْيَىٰ ﴿١٣﴾ قَدْ أَفْلَحَ مَن تَزَكَّىٰ ﴿١٤﴾ وَذَكَرَ اسْمَ
رَبِّهِ فَصَلَّىٰ ﴿١٥﴾ بَلْ تُؤْثِرُونَ الْحَيَاةَ الدُّنْيَا ﴿١٦﴾ وَالْآخِرَةُ خَيْرٌ وَ
أَبْقَىٰ ﴿١٧﴾ إِنَّ هَٰذَا لَفِي الصُّحُفِ الْأُولَىٰ ﴿١٨﴾ صُحُفِ إِبْرَاهِيمَ وَمُوسَىٰ ﴿١٩﴾ ع

---

آرامہ سان قَدْ أَفْلَحَ مَن تَزَكَّىٰ بتحقیق نجات لب تم یُس پاک سُپد وَذَكَرَ اسْمَ رَبِّهِ فَصَلَّىٰ بیہ یم پنہ نس پروردگارہ سُند نام پاک ہست نماز پر بَلْ تُؤْثِرُونَ الْحَيَاةَ الدُّنْيَا ای منکرو توہ چھوہ نہ آخر تک سامانہ کران بلکہ چھوہ توہ پسند کران دنیاء چ ناپائدار زندگی وَالْآخِرَةُ خَيْرٌ وَأَبْقَىٰ حالانکہ آخرت چھو بہتر تہ پوشہ ون دنیا خوتہ إِنَّ هَٰذَا لَفِي الصُّحُفِ الْأُولَىٰ * صُحُفِ إِبْرَاهِيمَ وَمُوسَىٰ یہ پاٹھ یہوی مضمون چھو برونٹھمین کتابن اندر بیان کرنہ آمُت حضرت ابراہیمہ سنزن کتابن اندر تہ حضرت موسیٰ سنزن کتابن اندر تہ۔ حضرت ابراہیمس پیٹھ آس دہ صحیفہ نازل سپد مت حضرت موسیٰ اس پیٹھ تہ آس تورات تہ برونٹھ دہ صحیفہ نازل سپد مت رواہ عبد ابن حمید کمافی روح المعانی۔



## سُوْرَةُ الْغَاشِيَةِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

هَلْ اَتٰىكَ حَدِيْثُ الْغَاشِيَةِ ۝١ وُجُوْهٌ يَّوْمَئِذٍ خَاشِعَةٌ ۝٢ عَامِلَةٌ
نَّاصِبَةٌ ۝٣ تَصْلٰى نَارًا حَامِيَةً ۝٤ تُسْقٰى مِنْ عَيْنٍ اٰنِيَةٍ ۝٥ لَيْسَ
لَهُمْ طَعَامٌ اِلَّا مِنْ ضَرِيْعٍ ۝٦ لَّا يُسْمِنُ وَلَا يُغْنِيْ مِنْ جُوْعٍ ۝٧
وُجُوْهٌ يَّوْمَئِذٍ نَّاعِمَةٌ ۝٨ لِّسَعْيِهَا رَاضِيَةٌ ۝٩ فِيْ جَنَّةٍ
عَالِيَةٍ ۝١٠ لَّا تَسْمَعُ فِيْهَا لَاغِيَةً ۝١١ فِيْهَا عَيْنٌ جَارِيَةٌ ۝١٢ فِيْهَا
سُرُرٌ مَّرْفُوْعَةٌ ۝١٣ وَّاَكْوَابٌ مَّوْضُوْعَةٌ ۝١٤ وَّنَمَارِقُ

---

هَلْ اَتٰىكَ حَدِيْثُ الْغَاشِيَةِ کیا توہہ نشہ واژہ خبر یار سول اللہ قیامژ یُسہ لوکن پنہ نیو سختیو سیت احاطہ کرہ وُجُوْهٌ يَّوْمَئِذٍ خَاشِعَةٌ کینہہ بُو تھ آسن تمہ دوہہ تھار یمت عَامِلَةٌ نَّاصِبَةٌ کوم کرہ ون تھکہ ون تَصْلٰى نَارًا حَامِيَةً تمے اژن نارس یُس سخت گرم چھو تُسْقٰى مِنْ عَيْنٍ اٰنِيَةٍ چاونہ ین تتھ تمی ناگہ منز یُس گرکان آسہ۔ لَيْسَ لَهُمْ طَعَامٌ اِلَّا مِنْ ضَرِيْعٍ چھونہ تمن دوز خین کھن مگر زہر دار کنڈ لَّا يُسْمِنُ وَلَا يُغْنِيْ مِنْ جُوْعٍ نہ وٹھراوہ سُونہ ژلراوہ بُوچھ وُجُوْهٌ يَّوْمَئِذٍ نَّاعِمَةٌ کینہہ بو تھ آسن تمہ دوہہ ترو تازہ تہ خوش لِّسَعْيِهَا رَاضِيَةٌ پنہ نین رژن عملن ہوند ثواب وچھت آسن راضی فِيْ جَنَّةٍ عَالِيَةٍ تھدین جنتن اندر لَّا تَسْمَعُ فِيْهَا لَاغِيَةً بوزن نہ تم تتھ جنتس اندر بیہودہ کتھ فِيْهَا عَيْنٌ جَارِيَةٌ تتھ جنتس منز آسہ ناگہ پکہ وِن فِيْهَا سُرُرٌ مَّرْفُوْعَةٌ تتھ جنتس منز آسن تھدد پلنگ وَّاَكْوَابٌ مَّوْضُوْعَةٌ بیہ آسن آبخور ژکہ تھدد تھاونہ آمت برونٹھ کنہِ وَّنَمَارِقُ مَصْفُوْفَةٌ بیہ آسن شاندہ

مَصْفُوْفَةٌ ۙ﴿١٥﴾ وَّزَرَابِيُّ مَبْثُوْثَةٌ ؕ﴿١٦﴾ اَفَلَا يَنْظُرُوْنَ اِلَى الْاِبِلِ
كَيْفَ خُلِقَتْ ﴿١٧﴾ وقفة وَاِلَى السَّمَآءِ كَيْفَ رُفِعَتْ ﴿١٨﴾ وقفة وَاِلَى الْجِبَالِ
كَيْفَ نُصِبَتْ ﴿١٩﴾ وقفة وَاِلَى الْاَرْضِ كَيْفَ سُطِحَتْ ﴿٢٠﴾ فَذَكِّرْ قف
اِنَّمَآ اَنْتَ مُذَكِّرٌ ؕ﴿٢١﴾ لَسْتَ عَلَيْهِمْ بِمُصَيْطِرٍ ۙ﴿٢٢﴾ اِلَّا مَنْ
تَوَلّٰى وَكَفَرَ ۙ﴿٢٣﴾ فَيُعَذِّبُهُ اللّٰهُ الْعَذَابَ الْاَكْبَرَ ؕ﴿٢٤﴾ اِنَّ اِلَيْنَآ
اِيَابَهُمْ ۙ﴿٢٥﴾ ثُمَّ اِنَّ عَلَيْنَا حِسَابَهُمْ ع ﴿٢٦﴾

---

گنڊ تگہ لاگنہ آمت وَّزَرَابِيُّ مَبْثُوْثَةٌ بيہ آسن ريشمي قالين پرت طرفہ وتهرنہ آمت تينس خوش کرکھ تينس ہن اَفَلَا يَنْظُرُوْنَ اِلَى الْاِبِلِ كَيْفَ خُلِقَتْ کيا ساو چهان پڇهنا يم مکک کا فرووٽن گن ڪتھ پاٹ چھو تم پيدہ کرنہ آمت وَاِلَى السَّمَآءِ كَيْفَ رُفِعَتْ بيہ آسمانس کن ڪتھ پاٹ چھو سو بلند کرنہ آمت وَاِلَى الْجِبَالِ كَيْفَ نُصِبَتْ بيہ کوہن کن ڪتھ چھ تم تھاسنہ آمت وَاِلَى الْاَرْضِ كَيْفَ سُطِحَتْ بيہ زمينس کن ڪتھ پاٹ چھو سو وہراونہ آمت فَذَكِّرْ اِنَّمَآ اَنْتَ مُذَكِّرٌ پس کريو توہ نصيحت وعظ توہ چھو نہ يا رسول اللہ صلی اللہ عليہ وسلم مگر نصيحت فرماوہ ون لَسْتَ عَلَيْهِمْ بِمُصَيْطِرٍ توہ چھونہ تمن پيٹھ مُسلط کرنہ آمت يو تھ زورہ مانراويو کھ اِلَّا مَنْ تَوَلّٰى وَكَفَرَ ليکن يُس اکھاہ بو تھ پھرہ تہ کافر سپدہ فَيُعَذِّبُهُ اللّٰهُ الْعَذَابَ الْاَكْبَرَ پس عذاب کرہ اللہ تعالیٰ تس بوڈ عذاب آخرتس اندر اِنَّ اِلَيْنَآ اِيَابَهُمْ پزپاٹ اس کن چھو واپس ين تمن ثُمَّ اِنَّ عَلَيْنَا حِسَابَهُمْ تمہ پتہ چھو پزپاٹ اسی مٹہ تمن حساب ہيون

## سُوْرَةُ الْفَجْرِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
وَالْفَجْرِ ﴿١﴾ وَلَيَالٍ عَشْرٍ ﴿٢﴾ وَّالشَّفْعِ وَالْوَتْرِ ﴿٣﴾ وَالَّيْلِ إِذَا
يَسْرِ ﴿٤﴾ هَلْ فِيْ ذٰلِكَ قَسَمٌ لِّذِيْ حِجْرٍ ﴿٥﴾ أَلَمْ تَرَ كَيْفَ فَعَلَ
رَبُّكَ بِعَادٍ ﴿٦﴾ إِرَمَ ذَاتِ الْعِمَادِ ﴿٧﴾ الَّتِيْ لَمْ يُخْلَقْ مِثْلُهَا
فِي الْبِلَادِ ﴿٨﴾ وَثَمُوْدَ الَّذِيْنَ جَابُوا الصَّخْرَ بِالْوَادِ ﴿٩﴾
وَفِرْعَوْنَ ذِي الْأَوْتَادِ ﴿١٠﴾ الَّذِيْنَ طَغَوْا فِي الْبِلَادِ ﴿١١﴾

---

وَالْفَجْرِ صبحُک قسم وَلَيَالٍ عَشْرٍ بیہ دہن راتن ہیوند قسم وَّالشَّفْعِ وَالْوَتْرِ جفتُک تہ طاقُک قسم
وَالَّيْلِ إِذَا يَسْرِ بیہ راژ ہیوند قسم یلہ سو گذران چھ هَلْ فِيْ ذٰلِكَ قَسَمٌ لِّذِيْ حِجْرٍ چھوا ئتھ قسمس
اندر قسمہ کافی تہ معتبر عقلہ والس کیتھ۔ جواب قسم یعنی یمہ خیطرہ یم قسم ہاونہ آے سو چھو حذف کرنہ
آمت سُوگو لتعذبن یعنی ای منکرو توہِ ایوہ ضرور عذاب کرنہ برو نٹھین منکرن ہند پاٹھ أَلَمْ تَرَ كَيْفَ
فَعَلَ رَبُّكَ بِعَادٍ توہ وچھوہ نا کیاہ کور پروردگارن تہوند قوم عادس إِرَمَ یم عادارم آس ذَاتِ
الْعِمَادِ یم تھدِ قدہ وال آس تمو اندر زِ یٹھس شخصہ سُند قداوس ژورہت گز شرعی الَّتِيْ لَمْ يُخْلَقْ
مِثْلُهَا فِي الْبِلَادِ یہ گو سو قبیلہ یمن ہیو پیدہ آونہ کرنہ قدو قامتس تہ قوتس طاقتس منز بین شہرن
اندر کانہہ قبیلہ وَثَمُوْدَ الَّذِيْنَ جَابُوا الصَّخْرَ بِالْوَادِ بیہ وچھونا توہ تہوند پروردگارن کیاہ کور قوم
ثمودس یمو کوہ تہ پل ژٹتھ وادی القراءس منز مضبوط گرہ بناو وَفِرْعَوْنَ ذِي الْأَوْتَادِ بیہ کیاہ کُرن
تس فرعونس یُس میخہ وول اوس سونہ سنزو میخو سیت اوس گُرین نال لاگان الَّذِيْنَ طَغَوْا فِي الْبِلَادِ

فَأَكْثَرُوا فِيهَا الْفَسَادَ ﴿١٢﴾ فَصَبَّ عَلَيْهِمْ رَبُّكَ سَوْطَ
عَذَابٍ ﴿١٣﴾ إِنَّ رَبَّكَ لَبِالْمِرْصَادِ ﴿١٤﴾ فَأَمَّا الْإِنسَانُ إِذَا مَا
ابْتَلَاهُ رَبُّهُ فَأَكْرَمَهُ وَنَعَّمَهُ فَيَقُولُ رَبِّي أَكْرَمَنِ ﴿١٥﴾
وَأَمَّا إِذَا مَا ابْتَلَاهُ فَقَدَرَ عَلَيْهِ رِزْقَهُ فَيَقُولُ رَبِّي
أَهَانَنِ ﴿١٦﴾ كَلَّا بَل لَّا تُكْرِمُونَ الْيَتِيمَ ﴿١٧﴾ وَلَا تَحَاضُّونَ
عَلَىٰ طَعَامِ الْمِسْكِينِ ﴿١٨﴾ وَتَأْكُلُونَ التُّرَاثَ أَكْلًا لَّمًّا ﴿١٩﴾
وَتُحِبُّونَ الْمَالَ حُبًّا جَمًّا ﴿٢٠﴾ كَلَّا إِذَا دُكَّتِ الْأَرْضُ دَكًّا

---

يمو ساروی کر سرکشی شہرن اندر فَأَكْثَرُوا فِيهَا الْفَسَادَ پس کرک ستھاہ تمن شہرن اندر تباہی فَصَبَّ عَلَيْهِمْ رَبُّكَ سَوْطَ عَذَابٍ پس لوی تمن تھوند پروردگارن عذابک قمچہ تمی سیت گالین إِنَّ رَبَّكَ لَبِالْمِرْصَادِ پزپاٹ تھوند پروردگار چھوزاگنہ چہ جایہ ژرژان سارنی نافرمانن ہیوند حال فَأَمَّا الْإِنسَانُ پس نافرمان انسان یُس چھو إِذَا مَا ابْتَلَاهُ رَبُّهُ یلہ تس تہند پروردگار تھندہ ایمانچ آزمایش چھو کران فَأَكْرَمَهُ وَنَعَّمَهُ پس چھُس عزت دوان بیہ نعمت عطا کران فَيَقُولُ رَبِّي أَكْرَمَنِ یُس چھو دپان پروردگارن کرم بڈ مہربانی وَأَمَّا إِذَا مَا ابْتَلَاهُ لیکن یلہ سو تس ایمانی آزمائش چھو کران فَقَدَرَ عَلَيْهِ رِزْقَهُ تو پتہ چھس رزقس اندر تنگی کران فَيَقُولُ رَبِّي أَهَانَنِ تمہ ساتہ چھو دپان پروردگارن کُرنس ذلیل كَلَّا حالانکہ یہ چھنہ حقیقت بَل لَّا تُكْرِمُونَ الْيَتِيمَ بلکہ خواری تھز چھہ امی سببہ کہ عزت چھونہ توہ کران یتیمس وَلَا تَحَاضُّونَ عَلَىٰ طَعَامِ الْمِسْكِينِ بیہ چھوہ نہ رغبت دوان مسکین کھیاونک وَتَأْكُلُونَ التُّرَاثَ أَكْلًا لَّمًّا بیہ چھہ میراثک مال کھوان اورہ یورہ سنبر اوتھ بین ہند حق وَتُحِبُّونَ الْمَالَ حُبًّا جَمًّا بیہ چھوہ مال دنیا ٹوٹھ تھاوان ستھاہ زیادہ كَلَّا یہ لگنہ کرن امیوک نتیجہ چھو ستھاہ کریوٹھ إِذَا دُكَّتِ الْأَرْضُ دَكًّا دَكًّا سو دوہ یاد یوژتس یمہ دوہ سم ستریہ کرنہ زمینس پے

دَكًّا ﴿٢١﴾ وَّجَاءَ رَبُّكَ وَالْمَلَكُ صَفًّا صَفًّا ﴿٢٢﴾ وَجِائَ
يَوْمَئِذٍ بِجَهَنَّمَ ۙ يَوْمَئِذٍ يَّتَذَكَّرُ الْإِنْسَانُ وَاَنّٰى لَهُ
الذِّكْرٰى ﴿٢٣﴾ يَقُوْلُ يٰلَيْتَنِيْ قَدَّمْتُ لِحَيَاتِيْ ﴿٢٤﴾ فَيَوْمَئِذٍ
لَّا يُعَذِّبُ عَذَابَهٗٓ اَحَدٌ ﴿٢٥﴾ وَّلَا يُوْثِقُ وَثَاقَهٗٓ
اَحَدٌ ﴿٢٦﴾ يٰٓاَيَّتُهَا النَّفْسُ الْمُطْمَئِنَّةُ ﴿٢٧﴾ ارْجِعِيْٓ اِلٰى
رَبِّكِ رَاضِيَةً مَّرْضِيَّةً ﴿٢٨﴾ فَادْخُلِيْ فِيْ عِبٰدِيْ ﴿٢٩﴾
وَادْخُلِيْ جَنَّتِيْ ﴿٣٠﴾

---

درپے ہنلیوسیت وَّجَاءَ رَبُّكَ وَالْمَلَكُ صَفًّا صَفًّا بیہ بیہ تہند پروردگار بیہ ین ساری ملک صف بصف
روزن محشرہ کس میدانس اندر وَجِائَ يَوْمَئِذٍ بِجَهَنَّمَ بیہ بیہ انہ نہ تمہ دوھ جہنم يَوْمَئِذٍ يَّتَذَكَّرُ
الْإِنْسَانُ تمی دوھ کیارٹہ نہیب انسان وَاَنّٰى لَهُ الذِّكْرٰى مگر سوکتہ آسہ تمہ دوہہ تمس نصیحت
رٹنگ موقعہ يَقُوْلُ يٰلَيْتَنِيْ قَدَّمْتُ لِحَيَاتِيْ دپنہ لگہ تمہ دوھ کاشکے برونٹھے آسہم سوز مڑ، کانہ رژ عملہ
یمہ عالچہ زندگی خیطرہ فَيَوْمَئِذٍ لَّا يُعَذِّبُ عَذَابَهٗٓ اَحَدٌ پس کرنہ تمہ دوہہ خدایہ سند ہیو عذاب
کانہ اکھاہ وَّلَا يُوْثِقُ وَثَاقَهٗٓ اَحَدٌ بیہ کرنہ بند کانہ اکھاہ خدایہ سند ہیو بند کرن يٰٓاَيَّتُهَا
النَّفْسُ الْمُطْمَئِنَّةُ ای آرام رٹونہ تفسہ ارْجِعِيْٓ اِلٰى رَبِّكِ گڑھ پنہ نس پروردگارس گن
رَاضِيَةً مَّرْضِيَّةً ییتھ حالس اندر کہ ژہ تس نش راضی سوژہ نشہ راضی فَادْخُلِيْ فِيْ عِبٰدِيْ
*وَادْخُلِيْ جَنَّتِيْ پس شامل سپد میانن خاص بندن ہنزہ جماژ اندر بیہ اژھ میانس جنتس اندر

# سُوْرَةُ الْبَلَدِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ۝

لَآ اُقْسِمُ بِهٰذَا الْبَلَدِ ۙ﴿١﴾ وَاَنْتَ حِلٌّۢ بِهٰذَا الْبَلَدِ ۙ﴿٢﴾ وَوَالِدٍ وَّمَا
وَلَدَ ۙ﴿٣﴾ لَقَدْ خَلَقْنَا الْاِنْسَانَ فِيْ كَبَدٍ ؕ﴿٤﴾ اَيَحْسَبُ اَنْ لَّنْ يَّقْدِرَ
عَلَيْهِ اَحَدٌ ۘ﴿٥﴾ يَقُوْلُ اَهْلَكْتُ مَالًا لُّبَدًا ؕ﴿٦﴾ اَيَحْسَبُ اَنْ لَّمْ يَرَهٗۤ
اَحَدٌ ؕ﴿٧﴾ اَلَمْ نَجْعَلْ لَّهٗ عَيْنَيْنِ ۙ﴿٨﴾ وَلِسَانًا وَّشَفَتَيْنِ ۙ﴿٩﴾ وَهَدَيْنٰهُ
النَّجْدَيْنِ ۚ﴿١٠﴾ فَلَا اقْتَحَمَ الْعَقَبَةَ ۖ﴿١١﴾ وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا الْعَقَبَةُ ؕ﴿١٢﴾ فَكُّ

---

لَآ اُقْسِمُ بِهٰذَا الْبَلَدِ قسم چھس بوہاوان یمہ شہرک یعنی مکہ معظمک وَاَنْتَ حِلٌّۢ بِهٰذَا الْبَلَدِ یتھ حالس اندر کہ توہ آسواتھ شہرس اندر تشریف تھاوت یا توہ آسواتھ شہرس اندر فاتحانہ صورتس منز ساروی پابندیو رائے خدایہ سندون دُشمن تہ تیغ آنان وَوَالِدٍ وَّمَا وَلَدَ بیہ چھس قسم ہاوان مال سند بیہ اولادن ہوند یعنی تمام مخلوقاتن ہوند لَقَدْ خَلَقْنَا الْاِنْسَانَ فِيْ كَبَدٍ پڑپاٹھ پیدہ کراسہ انسان سختی تہ مشقتس اندر اَيَحْسَبُ اَنْ لَّنْ يَّقْدِرَ عَلَيْهِ اَحَدٌ کیا گمان چھا تس کہ تمس کیا پوشنہ کنہہ يَقُوْلُ اَهْلَكْتُ مَالًا لُّبَدًا ونان چھ مہ کُر خرچ سو نبر مُت واریاہ مال پزکس مخالفس اندر ژورہ ژورہ اَيَحْسَبُ اَنْ لَّمْ يَرَهٗۤ اَحَدٌ امس چھا گمان کہ وچھم نہ کانسہ۔ خدائے چھُو سوروی وچھان اَلَمْ نَجْعَلْ لَّهٗ عَيْنَيْنِ کیا اسہ کرہ ناپیدہ امس اچھ زہ بیہ یلہ تمو اچھو سیت وچھت ہیکہ اچھ پیدہ کرون مخلوقن بینائی عطا کرہ ون ہکنا بندن ہوند حال وچھت وَلِسَانًا وَّشَفَتَيْنِ بیہ زیو تہ وٹھ زہ وَهَدَيْنٰهُ النَّجْدَيْنِ بیہ ہاواسہ تس وتھ خیرس تہ شرس کُن یا دون تھر زن کُن یعنی دود چن دون جاین کُن فَلَا اقْتَحَمَ الْعَقَبَةَ پس ژھنڈِ نہ تم بٹھ تہ بال یعنی ماجہ ہُند دینہ چہ کامہ کرنس اندر تجن نہ محنت تہ مشقت وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا الْعَقَبَةُ ژیہ کوہ چیز زانراوی

رَقَبَةٍ ﴿١٣﴾ أَوْ إِطْعٰمٌ فِي يَوْمٍ ذِي مَسْغَبَةٍ ﴿١٤﴾ يَتِيمًا ذَا مَقْرَبَةٍ ﴿١٥﴾
أَوْ مِسْكِينًا ذَا مَتْرَبَةٍ ﴿١٦﴾ ثُمَّ كَانَ مِنَ الَّذِينَ آمَنُوا وَتَوَاصَوْا
بِالصَّبْرِ وَتَوَاصَوْا بِالْمَرْحَمَةِ ﴿١٧﴾ أُولٰٓئِكَ أَصْحٰبُ الْمَيْمَنَةِ ﴿١٨﴾
وَالَّذِينَ كَفَرُوا بِآيٰتِنَا هُمْ أَصْحٰبُ الْمَشْـَٔمَةِ ﴿١٩﴾ عَلَيْهِمْ نَارٌ مُّؤْصَدَةٌ ﴿٢٠﴾

---

سوعقبہ کیاہ گوسوگو فَكُّ رَقَبَةٍ گردنہ آزاد کرنِ تہ موکہ لاون یعنی غلام یا کنیز آزاد کرن یا قرضدارہ سنز گردن قرضہ نشہ موکہ لاون أَوْ إِطْعٰمٌ فِي يَوْمٍ ذِي مَسْغَبَةٍ تہ کھیاون کانہ شخصاہ بوچھ ہندہ دوہہ یعنی قحطس منز يَتِيمًا ذَا مَقْرَبَةٍ کینہ رشتہ دار یتیمس أَوْ مِسْكِينًا ذَا مَتْرَبَةٍ تہ کانسہ مژہ سیت میلس مسکینس یعنی پھرپے تس محتاجس ثُمَّ كَانَ مِنَ الَّذِينَ آمَنُوا تمہ پتہ آسہ سو گردن آزاد کرہ ون کھین دوہ ون یتیمس تہ مسکین تمو اندر یمو ایمان اون کیازہ نیکین ہندہ قبولیتک شرط چھو با ایمان آسُن وَتَوَاصَوْا بِالصَّبْرِ بیہ کرک وصیت اکھ اکس صبر کرنچ عبادت کرنس تہ گنہو نشہ پیتھ روزہ نس پٹھ وَتَوَاصَوْا بِالْمَرْحَمَةِ بیہ کرکھ وصیت مخلوقن پیٹھ رحم کرنچ أُولٰٓئِكَ أَصْحٰبُ الْمَيْمَنَةِ تمے چھہ نصیبہ وال بختہ بڈ یمن دچھنس اتھس کیت نامہ اعمال دنہ ییہ بیہ یمن عرشہ مجیدہ کہ دچھنہ طرفہ روزنچ جای دنہ ییہ۔ وَالَّذِينَ كَفَرُوا بِآيٰتِنَا هُمْ أَصْحٰبُ الْمَشْـَٔمَةِ یمو لوکو انکار کُر سانین آیاتن تم گئے پھشل نحوستہ والِ عَلَيْهِمْ نَارٌ مُّؤْصَدَةٌ تمن پٹھ سپدہ نار مُسلط ٹھانڈ دِنہ آمت یتھ منز نہ دہ تہ نیرک






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
وَالشَّمْسِ وَضُحٰهَا ① وَالْقَمَرِ اِذَا تَلٰهَا ② وَالنَّهَارِ اِذَا
جَلّٰهَا ③ وَالَّيْلِ اِذَا يَغْشٰهَا ④ وَالسَّمَآءِ وَمَا بَنٰهَا ⑤
وَالْاَرْضِ وَمَا طَحٰهَا ⑥ وَنَفْسٍ وَّمَا سَوّٰهَا ⑦ فَاَلْهَمَهَا فُجُوْرَهَا
وَتَقْوٰهَا ⑧ قَدْ اَفْلَحَ مَنْ زَكّٰهَا ⑨ وَقَدْ خَابَ مَنْ دَسّٰهَا ⑩
كَذَّبَتْ ثَمُوْدُ بِطَغْوٰهَآ ⑪ اِذِ انْۢبَعَثَ اَشْقٰهَا ⑫ فَقَالَ لَهُمْ

---

وَالشَّمْسِ آفتابُک قسم وَضُحٰهَا بییہ تمکہ تاپک قسم وَالْقَمَرِ اِذَا تَلٰهَا بییہ زونہ ہیوند قسم یلہ سو پتہ چھہ پکان اتھ آفتابس وَالنَّهَارِ اِذَا جَلّٰهَا بییہ دوہوک قسم یلہ سواتھ آفتابس روشن چھو کران وَالَّيْلِ اِذَا يَغْشٰهَا بییہ راژ ہوند قسم یلہ سوہ ولان چھواتھ آفتابس وَالسَّمَآءِ وَمَا بَنٰهَا بییہ آسمانُک قسم بییہ یم سو بناکور وَالْاَرْضِ وَمَا طَحٰهَا بییہ زمینک قسم بییہ یم سو ہموار کرتہ وٚہراو وَنَفْسٍ وَّمَا سَوّٰهَا بییہ انسانہ سندہ نفسُک قسم بییہ یم سو برابر کر یعنی یم سو سیود کُر فَاَلْهَمَهَا فُجُوْرَهَا وَتَقْوٰهَا پس دلس منز تراونس بدی تہ گناہ تہند بییہ نیکی تہ پرہیزگاری تہنز یم ساری قسم آی ہاونہ یمہ کتھ خیطرہ کہ قَدْ اَفْلَحَ مَنْ زَكّٰهَا بہ تحقیق کامیاب رستہ گارسُپد تہ مطلبس ووت سُو شخص یم پاک کُر پنون نفس یعنی یم پنِن نفس نافرمانیو نشہ پاک کرِت تقویٰ و فرمان برداری پتھ آمادہ کُر وَقَدْ خَابَ مَنْ دَسّٰهَا ناکام تہ نامراد سُپد یم سو نفس پھاٹو بدین اندر جواب قسم چھو سارنی قسمن ہوند۔ ای کہ مکہ ہک کافر و فاجر تہ بدکار چھوہ توہ لوک توہِ چھو ضرور غضبس تہ ہلاکتس گرفتار سپدن دنیاہ و آخرتس منز اَیتھ پاٹھ قوم ثمود گرفتار سُپد یمن ہوند قصہ امہ پتہ بیان چھو یوان کرنہ كَذَّبَتْ ثَمُوْدُ بِطَغْوٰهَآ قوم ثمودن کُر تکذیب

رَسُوْلُ اللّٰهِ نَاقَةَ اللّٰهِ وَسُقْيٰهَا ﴿۱۳﴾ فَكَذَّبُوْهُ فَعَقَرُوْهَا ۙ۬ فَدَمْدَمَ
عَلَيْهِمْ رَبُّهُمْ بِذَنْۢبِهِمْ فَسَوّٰىهَا ﴿۱۴﴾ ۪ۙ وَلَا يَخَافُ عُقْبٰهَا ﴿۱۵﴾ ع

---

پنهنجي شرارت وسرڪشي سبب پنهنجي پيغمبر صالح عليه السلام کي ڇا ڪيو ته انهيءَ وقت کي چيو قصه ڪيو اِذِ انْۢبَعَثَ اَشْقٰىهَا جڏهن انهيءَ قوم ثمود منجهان هڪ وڏو بدبخت سخت شقي جيڪو سڀني کان وڌيڪ سرڪش هو انهيءَ تي آماده ٿي ويو جو اونٺڻي کي تڪليف ڏئي، ساڳيءَ طرح ٻيا به ان تي آماده ٿيا، انهن جي ارادي جي اطلاع ملڻ وقت صالح عليه السلام فَقَالَ لَهُمْ رَسُوْلُ اللّٰهِ نَاقَةَ اللّٰهِ وَسُقْيٰهَا پس فرمايو انهن کي الله تعاليٰ جي پيغمبر يعني صالح عليه السلام خبردار رهو خدا جي هن اونٺڻيءَ کي ۽ ان جي پيئڻ جي حق کي، ڇو ته ان جي پيئڻ جو حق مقرر ٿيل آهي، هن اونٺڻي کي نه ماريو ۽ نه ان جي پاڻي پيئڻ ۾ ڪنهن قسم جي مزاحمت ڪريو. انهيءَ اونٺڻي کي فرمايو الله تعاليٰ ناقة الله يعني خدا جي اونٺڻي. ڇاڪاڻ ته اها هڪ وڏي دليل ۽ معجزو صالح عليه السلام جي نبوت ۽ پيغمبريءَ جي هئي، ان جي تعظيم ڪرڻ ان تي لازم ۽ واجب هو. پر انهن سڀني ادب بدران فَكَذَّبُوْهُ فَعَقَرُوْهَا پس ڪوڙو ڪيائون پنهنجي پيغمبر کي انڪار سان ۽ ان اونٺڻي جون ڪونچون ڪٽي ڇڏيائون. ٻين ٽنڊن انهيءَ اونٺڻيءَ کي تير هڻي پار ڪري ماري ڇڏيو فَدَمْدَمَ عَلَيْهِمْ رَبُّهُمْ بِذَنْۢبِهِمْ فَسَوّٰىهَا پس هلاڪ ڪيو انهن کي ان جي پروردگار انهن جي نافرماني ۽ گناهن سبب سڀني بلاءَ هڪ ٻئي سان برابر يعني سڀ گڏجي اوندا ڪري ڇڏيا وَلَا يَخَافُ عُقْبٰهَا الله تعاليٰ کي نه ڪو ڊپ آهي نه ان جي پوئين نتيجي کان. جيئن دنيا جا بادشاهه انديشو ڪن ٿا ته ڪنهن وقت مجرم کي سزا ڏيڻ ۾ ڪا خبر ناهي ته اهو نتيجو خراب نه نڪري. ملڪ ۾ بغاوت نه پيدا ٿئي يا ملڪي معاملن ۾ خلل نه پوي. الله تعاليٰ کي اهڙي ڪنهن به ڳالهه جي ڪا پروا ناهي.



## سُوْرَةُ الَّيْلِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ

وَالَّيْلِ اِذَا يَغْشٰى ﴿١﴾ وَالنَّهَارِ اِذَا تَجَلّٰى ﴿٢﴾ وَمَا خَلَقَ الذَّكَرَ
وَالْاُنْثٰٓى ﴿٣﴾ اِنَّ سَعْيَكُمْ لَشَتّٰى ﴿٤﴾ فَاَمَّا مَنْ اَعْطٰى وَاتَّقٰى ﴿٥﴾
وَصَدَّقَ بِالْحُسْنٰى ﴿٦﴾ فَسَنُيَسِّرُهٗ لِلْيُسْرٰى ﴿٧﴾ وَاَمَّا مَنْۢ
بَخِلَ وَاسْتَغْنٰى ﴿٨﴾ وَكَذَّبَ بِالْحُسْنٰى ﴿٩﴾ فَسَنُيَسِّرُهٗ
لِلْعُسْرٰى ﴿١٠﴾ وَمَا يُغْنِيْ عَنْهُ مَالُهٗٓ اِذَا تَرَدّٰى ﴿١١﴾ اِنَّ عَلَيْنَا

---

وَالَّيْلِ اِذَا يَغْشٰى قسم چھو راتُک یلہ سُوولان چھُ عالمس گٔنہ سیت وَالنَّهَارِ اِذَا تَجَلّٰى بیہ چُھو قسم دوہُک یلہ سو روشن چھو سپدان وَمَا خَلَقَ الذَّكَرَ وَالْاُنْثٰٓى بیہ چھو قسم تس ذاتہ سند یم نر تہ مادہ پیدہ کریمن قسمن ہیوند جواب چھوامہ پتہ یعنی یم قسم کٔتھ پیٹھ آسے ہاونہ اِنَّ سَعْيَكُمْ لَشَتّٰى یتھ پیٹھ کہ بے شک تُہنزٕ کوشش یعنے عملہ چھ مختلف کانسہ ہنز عمل چھ رٕژ تہ جان کانسہ ہنز عمل چھ یچھ تہ خراب اَتھے پاٹھ چھ امیک ثمرات ونتائج تہ مختلف رٕژہ عملہ چھو رُت جزا یچھ عملہ چھو یچھ سزا۔ تِچ مثال گیہ کہ فَاَمَّا مَنْ اَعْطٰى وَاتَّقٰى پس یم خدایہ سنزہ وتہ اندر دیوت مال پنونُ۔ تو پتہ کھوژ خبر چھا قبول کرمہ کنہ رد کریم وَصَدَّقَ بِالْحُسْنٰى بیہ زوٗن پوزروت کلمہ یعنی کلمہ توحید، اختیارکُرن دین اسلام فَسَنُيَسِّرُهٗ لِلْيُسْرٰى پس کرواس تہندہ راحتہ چیزہ خیطرہ سامان مہیا۔ راحت کہ چیزہ اندرہ چھ مراد رٕژ عمل رٕژہ عملہ ہندہ واسطہ کروس عطا جنت وَاَمَّا مَنْۢ بَخِلَ وَاسْتَغْنٰى وین یم واجب حقوق ادا کرنہ نشہ بخل کر بیہ خدایس کھوژنہ بدٕلِ لوگن بے پروا وَكَذَّبَ بِالْحُسْنٰى بیہ گزرن اپزرت کلمہ یعنی اسلام کرن نہ قبول فَسَنُيَسِّرُهٗ لِلْعُسْرٰى تلہ کرواس تہندہ سختی تہ تکلیفہ خیطرہ سامان مہیا تکلیفہ کہ چیزہ سیت چھ مراد یچھ عمل یچھ عملہ ہندِہ واسطہ کرون داخل نار جہنم وَمَا يُغْنِيْ عَنْهُ مَالُهٗٓ اِذَا تَرَدّٰى کانہہ

لَلْهُدٰی ﴿۱۲﴾ وَاِنَّ لَنَا لَلْاٰخِرَةَ وَالْاُوْلٰی ﴿۱۳﴾ فَاَنْذَرْتُكُمْ نَارًا
تَلَظّٰی ﴿۱۴﴾ لَا يَصْلٰهَاۤ اِلَّا الْاَشْقَی ﴿۱۵﴾ الَّذِیْ كَذَّبَ وَتَوَلّٰی ﴿۱۶﴾
وَسَيُجَنَّبُهَا الْاَتْقَی ﴿۱۷﴾ الَّذِیْ يُؤْتِیْ مَالَهٗ يَتَزَكّٰی ﴿۱۸﴾
وَمَا لِاَحَدٍ عِنْدَهٗ مِنْ نِّعْمَةٍ تُجْزٰۤی ﴿۱۹﴾ اِلَّا ابْتِغَآءَ وَجْهِ

---

فائده دینه تس مال ودولت پننِ یله بو تھ رکن پیِیه ته ڈوله گژھ سونار جهنمس اندر اِنَّ عَلَیْنَا لَلْهُدٰی واقعی سانه مثه اوس تفضّل واحسانه موجب وتھ هاون سۀ وتھ هاواسه واره پاٹھ پُس کرکانسه اختیار ایمان وطاعتچ وتھ کانسه کراختیار کفر ونافرمانی هنز وتھ یمه تسیچ کانه شخص وتھ اختیار کرِه تمی قسمک پھل توله سو۔ وَاِنَّ لَنَا لَلْاٰخِرَةَ وَالْاُوْلٰی کیازه سانی اَتھس ته اختیارس منز چھو آخرت ته دنیا ته دنیائس منز کراسه احکام مُقرر یمو لوکو تمو احکامو موجب عمل کر تمن پییه رٹه مزوردنه اخرتس اندر یمو تمن احکامن هنز مخالفت کر تمن پییه آخرتس اندر پور سزادنه یموک بیان کرنه آو فَاَنْذَرْتُكُمْ نَارًا تَلَظّٰی پُس کرموه مهِ بیم تمه نارک یُس شعله ماران ته ره تراوان چھو لَا يَصْلٰهَاۤ اِلَّا الْاَشْقَی تتھ نارس منز واتنه همیشگی بند روزنه خاطر مگر سوی شخص یُس یژشقی ته بدبخت آسه الَّذِیْ كَذَّبَ وَتَوَلّٰی یم اپز گنز ر دین حق ته پیغمبر برحق بیه کرن۔ روگردانی۔ وَسَيُجَنَّبُهَا الْاَتْقَی قریب چھو که بیه پییه تمه ناره نشه لوب تھاونه ته پتھ رٹنه سو شخص یُس سٹھاه متقی ته پرہیزگار آسه الَّذِیْ يُؤْتِیْ مَالَهٗ يَتَزَكّٰی یُس مال پنون خرچ کران چھه محض یمه غرضه خیطره که سو گوژه گنهوه نشه پاک سپدن یعنی محض خدایه سنز رضا مندی حاصل کرنه خیطره اگرچه یمن آیات کریمن هند الفاظ چھه عام مگر سبب نزول چھو یمن آیات کریمن هیوند قصه ابوبکر صدیق رضی اللہ عنہ یله تمو بلال حبشی رضی اللہ عنہ وغیره صحابه صیب کافرن نشه مول هٮت محض خدایه سندِه رضا خیطره آزاد کور۔ چنانچه تفسیر دُر منثورس اندر چھو یُو ہے شانِ نزول ذکر کرنه آمت وَمَا لِاَحَدٍ عِنْدَهٗ مِنْ نِّعْمَةٍ تُجْزٰۤی چھونه کانسه اکسند تس نشِ کانه حقاه ته احساناه تمه کوی بدله ته

رَبِّهِ الْاَعْلٰى ﴿٢٠﴾ وَلَسَوْفَ يَرْضٰى ﴿٢١﴾

---

عوض کیا آسہاتس دِنہ یوان اِلَّا ابْتِغَآءَ وَجْهِ رَبِّهِ الْاَعْلٰى مگر ڇھو سومال پنون خرچ کران محض پنہ نس بڈس تہ تھدِس پروردگارہ سند رضا ژھانڈنہ خیطرہ وَلَسَوْفَ يَرْضٰى سو شخص سپدہ برونٹھ ضرور مقصدس تہ مطلبس واتنہ سیت خوش تہ راضی۔



## سُوْرَةُ الضُّحٰی

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

وَالضُّحٰى ① وَالَّيْلِ اِذَا سَجٰى ② مَا وَدَّعَكَ رَبُّكَ وَمَا قَلٰى ③

وَلَلْاٰخِرَةُ خَيْرٌ لَّكَ مِنَ الْاُوْلٰى ④ وَلَسَوْفَ يُعْطِيْكَ رَبُّكَ

---

وَالضُّحٰى * وَالَّيْلِ اِذَا سَجٰى يہ سورہ شريف سبب نزول ڇهوءِ اڪ ڀيرو ڪونہ بيماري يا تڪليف سبب هيڪ۔ نہ حضرتِ رسول ڪريم صلي الله عليه وسلم رات ڪہ وقت نماز تهجد خيطرہ ووٿهِيت بيہ سپد اتفاق ڪہ جبريل امينہ سندس وحي هيت ئيس اندر تہ سپز ڪنڙون دوهن درنگي مشرڪ لگ ونہ نہ ڪہ حضرت محمد ﷺ تروو پنهنجي پرورد گارن۔ تمن سيت لوڪ لگ دشمني ڪرنہ بعضے لگ ونہ نہ ڪہ ہي صاحب تروو پنهنجي شيطانن (نعوذ بالله) تمنے ڪٿهن هندہ ترديدہ خيطرہ سپد نازل يم آيات ڪريمہ الله تعاليٰ چهونا فرماون ڪہ وَالضُّحٰى وَالَّيْلِ اِذَا سَجٰى ڪہ قسم چهومہ چاشتہ وقتگ ئيس روشن چهو آسمان آفتاب ڪہ ڪهسنہ سيت بيہ چهو قسم راتڙ هونديمہ ساتہ تيج انہ گٹہ چهو پور سپدان مَا وَدَّعَكَ رَبُّكَ وَمَا قَلٰى توہ نہ حض تراويونہ پنهنجي پروردگارن، بيہ ڪرئن نہ توہ سيت ڪونہ قسمہ دشمني يارسول الله۔ ڪيازہ گوڑہ آيہ نہ توہ نشہ ڪانہ ڪٿهہ تيڙہ۔ توپتہ چهو عادة الله اندرہ حضرات انبياءن نسبت يوتهہ معاملہ سپدن محال۔ لهذا امہ گڙهيو توهہ ڪافرن تہ مشرڪن هندہ وورنہ سيت آزردہ۔ توہ پيٺهہ روزہ وچيچ نعمت هميشہ جاري۔ يہ نزول وحي چهو شرف وڪرامت تهوند خيطرہ دنياءس اندر وَلَلْاٰخِرَةُ خَيْرٌ لَّكَ مِنَ الْاُوْلٰى البتہ آخرت چهو بهتر توهندہ خيطرہ دنياء خوتہ ڪيازہ آخرتس اندر ڪرہ الله تعاليٰ توہ عطا زيادہ نمڙہ وَلَسَوْفَ يُعْطِيْكَ رَبُّكَ فَتَرْضٰى بيہ ڪرہ عطا توهہ پنون پروردگارتي يمہ سيت توہ راضي گڙهيو حديث شريفس منز ڇهہ فرمومت نبي ڪريمن صلي الله عليه وسلم ڪہ محمد ﷺ سپد نہ توتان راضي يو تان تهنديو اميتو اندرہ اڪهہ شخص تہ روزہ جهنمس اندر صلي الله عليه وسلم اَلَمْ يَجِدْكَ يَتِيْمًا فَاٰوٰى نبي ڪريم صلي الله عليه وسلم ڪيا الله تعاليٰ ان لبوہ ناتوهہ يتيم۔ توپتہ دڙ توهہ جائي بيہ ڪرڙ توهہ پرورش گوڈبڈ بابہ نہ ذريعہ يعني عبد المطلبہ توپتہ پترہ سندہ ذريعہ يعني ابو طالب سندہ تولد سپد نہ بروٺهے اوس گومت يمہ عالمہ تهوند بابہ سيب ونہ آسِ تم والدہ صاحبس شڪمِ مبارڪہ سي

فَتَرْضٰىؕ ۝۵ اَلَمْ يَجِدْكَ يَتِيْمًا فَاٰوٰىۖ ۝۶ وَوَجَدَكَ ضَآلًّا
فَهَدٰىۖ ۝۷ وَوَجَدَكَ عَآئِلًا فَاَغْنٰىؕ ۝۸ فَاَمَّا الْيَتِيْمَ فَلَا تَقْهَرْؕ ۝۹
وَاَمَّا السَّآئِلَ فَلَا تَنْهَرْؕ ۝۱۰ وَاَمَّا بِنِعْمَةِ رَبِّكَ فَحَدِّثْ ۝۱۱ ع

اندر۔ تو پتہ آس تم شورِی یلہ والدہ ماجدہ یمہ عالمہ گیکھ تو پتہ رود عبدالمطلبس نشہ یوتان تمِ آٹھ وَہَر وات۔ تمہ پتہ رود تم ابوطالبس نشہ سوا تیس کالس زندہ اوس تہ تیتس کالس تم گر تہنز پرورش تہ نگہبانی نہایت جانفشانی سیت تو پتہ کر تہندہ مرنہ پتہ نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم مدینہ شریفس کُن ہجرت تتہ بخوش اللہ تعالیٰ ان تہندہ خدمت و حفاظتک شرف قبیلہ اوس و خزرجس یعنی مدینہ شریفہ کین انصارن تموکر تتھ پاٹھ تہنز خدمت و جانفشانی تیچ نظیر دنیاءس اندر مفقود چھ۔ یمہ ساری صورژہ چھ لفظ فَاٰوٰی اس تل داخل سپدان وَوَجَدَكَ ضَآلًّا فَهَدٰى بیہ لبنوہ توہ اللہ تعالیٰ ان شریعتہ کہ علمہ نشہ بے خبر تو پتہ ہاونوہ تتھ کُن وتھ۔ بیہ بوونوہ سوروی علم شریعت وَوَجَدَكَ عَآئِلًا فَاَغْنٰى بیہ لبنوہ توہ اللہ تعالیٰ ان فقیر، پس کرنوہ ژٕ ہیہ بے نیاز یمہ طریقہ کہ ام المومنین خدیجۃ کبریٰ سندہ طرفہ گوہہ توہ مالِ تجارت ہیت تتھ اندر سُپدِ توہیہ نفع حاصل بیہ گور خدیجہ کبریٰ ان توہ سیت نکاح۔ تموگور پنون سوروی مال توہندس خدمتس اندر پیش یہ گو غنای ظاہری غنای قلبی تہ غنای باطنی گور توہ تیوت عطا تمیوک نہ اندازے ہکہ کانہ شخص کرت۔ غرض یم پروردگارن توہیہ سیت ابتداء پیٹھ اَمہ قسمک معاملہ گور سوہکیا توہ پیٹھ ناراض گژھت تہ توہیہ تراوت۔ مگر پروردگارہ سندین یمن الطافن تہ مہربانین ہیوند شکرانہ گوکہ فَاَمَّا الْيَتِيْمَ فَلَا تَقْهَرْ وین یُس یتیم آسہِ تس مہز آسیو خشم نہ گرنز کران۔ وَاَمَّا السَّآئِلَ فَلَا تَنْهَرْ وین یوس فقیر محتاج تہ منگون آسہ سومہ آسیون زورہ زبردستی سیت نیبر کڈِت خالی تراوان وَاَمَّا بِنِعْمَةِ رَبِّكَ فَحَدِّثْ وین یمہ نعمژ تہوند پروردگارن توہیہ عطا کرہ تمن ہیوند کریو توہ بیان تہندِن اِرشادات تہ کلام شریفس بیت حدیث ناو آمت چھو تھاونہ سو چھو غالباً اَمی لفظ فحدث اندرہ کڈنہ آمت واللہ اعلم۔

# سُوْرَةُ الشَّرْحِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
اَلَمْ نَشْرَحْ لَكَ صَدْرَكَ ﴿١﴾ وَوَضَعْنَا عَنْكَ وِزْرَكَ ﴿٢﴾
الَّذِيْٓ اَنْقَضَ ظَهْرَكَ ﴿٣﴾ وَرَفَعْنَا لَكَ ذِكْرَكَ ﴿٤﴾ فَاِنَّ مَعَ

---

اَلَمْ نَشْرَحْ لَكَ صَدْرَكَ کیا اسہ کرنا تهونده خیطره تهوند سینہ مُبارک کهول تہ کُشادہ علم سیت یعنی علم تہ کُراسہ توہیہ سٹهاه زیادہ عطا۔ بیہ لُس تکلیفاه توہیہ تبلیغ حق کرنس پیٹھ دشمن ہندہ طرفہ ڈوت سو برداشت کرنہ خیطره کراسہ توہیہ حلم تہ تحمل عطا۔ یاپُھو اِشارہ امہ اندرہ تتھ شق صدر شریفس کُن لیس متعدد بار طور کرنہ آو۔ اکھ یلہ تم دودہ ماجہ نش یعنی حضرت حلیمہ سعدیس نش آسِ۔ بیہ یلہ بالغ سپد۔ بیہ یلہ خلعت نبوت ولنہ آکھ یعنے یلہ ژتجہ وہرأس بیہ یلہ بعالم بالا کهارنہ آے درشبِ معراج وَوَضَعْنَا عَنْكَ وِزْرَكَ بیہ تُل اسہ توہیہ نشہ تهوند سو بور الَّذِيْٓ اَنْقَضَ ظَهْرَكَ یم بار گبرو مُت اوس پُشت مُبارکس تهوند تهوند بُور اوس معنوی اکھ بُوراه یا اوس سونزول وحیُک بُور یُس ابتداءس اندر سٹهاه مُشکل اوس پتہ سُپد سہل تہ آسان یا اوس منصب رسالتِ چُن ذمہ دارین ہوند بُور یمہ کہ محسوس سپدنہ سیت خاطر عاطر تهوند مُکدر سپدان اوس سوی کُور اللہ تعالیٰ ان دور۔ حضرت شاہ عبدالعزیز صاحب دہلوی چھ فرماوان کہ امہ اندرہ چھو مراد کہ تهوند ہمت عالی تہ پیدائشی استعداد یمن کمالاتن تہ مُقاماتن واتُن منگان اُوس دلبارکس اُوس جسمانی تزکیہ تہ نفسانی تشویشاتن کُن نظر کرت تمن کمالاتن پٹھ فائز سپدُن دشوار بوزنہ یوان۔ مگر اللہ تعالیٰ آن یلہ شرح صدرہ سیت مزید استعداد عطا کرکھ اتی سپدکِ تم ساری کمالات حاصل تمیوک لُس بارہ دل مُبارکس پٹھ اوس سوذ تھ وَرَفَعْنَا لَكَ ذِكْرَكَ بیہ کورنا اسہ بلند تہ تهود تهونده خیطره تهوند ذکر۔ حدیث قدسیس اندر چھوا یچ وضاحت کہ اللہ تعالیٰ ان فرموکھ کہ اِذَا ذُكِرْتُ ذُكِرْتَ مَعِي (تفسیر ابن جریر وابن کثیر وابن ابی حاتم) یلہ میون ذکر کرنہ آسہِ یوان تلہ ییہ کرنہ تهوند تذکرہ تہ۔ چنانچہ بانگہ منز تکبیرس منز نمازہ منز تشہدس منز

# الْعُسْرِ يُسْرًا ۝٥ إِنَّ مَعَ الْعُسْرِ يُسْرًا ۝٦ فَإِذَا فَرَغْتَ فَانْصَبْ ۝٧ وَإِلَىٰ رَبِّكَ فَارْغَبْ ۝٨

---

خطبس منز۔ ڇھويان ڪرڻ تهوندذڪرون يله اسي توهيه روحاني تڪليف ڏورگر تهوندگڙهه روزن اميدوار
دنيوي تڪاليف ته ڪروائس توهيه نشه ته تهوندين پيرون بايمانن نشه ڏور۔ تميوڪ ڇهه اس توهيه سيت
وعده ڪران فَإِنَّ مَعَ الْعُسْرِ يُسْرًا پس بتحقيق موجوده سختي سيت ڇهه آساني اِوه دين توهيه پيٹھ سختي ته
مُشڪلات بڪثرت آسنس ڪن نظر ڪرت ڇهس ٻواتهه وعدس تڪرار ڪران بيه فرماوان إِنَّ مَعَ الْعُسْرِ يُسْرًا
ڪه بے شڪ موجوده سارني مُشڪلاتن سختين سيت ڇهه آساني ينه واجن۔ چنانچه تمه سارے سختي سپزه اڪه
اڪه دور حديث شريفن ته تاريخه چن ڪتابن اندر ڇهه تهه متعلق روايات موجود وين يله اسه توهيه امه
امه قسمچه نعمژه عطا ڪره تهوندگڙهه تمن نعمتن پيٹھ شڪر دِمُن يتهه پاٹھ ڪه فَإِذَا فَرَغْتَ فَانْصَبْ توهه يله
احڪام خداوندي واته ونه نِشِ (يِصه ڪوم عبادت ڇهه تميوڪ نفع متعدي ڇهه) فارغ سپدان آسيو. تمه پته
گڙهه تهوند تهه عبادتس سيت مشغول سُپدن تميوڪ نفع ته فائده خاص تهندس ذات مُبارڪس ڇهو يعني
عبادت ته ياد خدا ڪران ڪران محنت و مشقت برداشت ڪرن وَإِلَىٰ رَبِّكَ فَارْغَبْ بيه يه ڪنيژ هاه
توهه منگن ته ژهانڈن آسهِ ته حاصل ڪرنه خيطره گڙهه تهوند پنه نس پروردگارس ڪن توجه ته رغبت
ڪرن لس گڙهن پننن ساري حاجت منگن



## سُوْرَةُ التِّيْنِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

وَالتِّيْنِ وَالزَّيْتُوْنِ ۝١ وَطُوْرِ سِيْنِيْنَ ۝٢ وَهٰذَا الْبَلَدِ الْاَمِيْنِ ۝٣
لَقَدْ خَلَقْنَا الْاِنْسَانَ فِيْٓ اَحْسَنِ تَقْوِيْمٍ ۝٤ ثُمَّ رَدَدْنٰهُ اَسْفَلَ
سٰفِلِيْنَ ۝٥ اِلَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ فَلَهُمْ اَجْرٌ غَيْرُ مَمْنُوْنٍ ۝٦
فَمَا يُكَذِّبُكَ بَعْدُ بِالدِّيْنِ ۝٧ اَلَيْسَ اللّٰهُ بِاَحْكَمِ الْحٰكِمِيْنَ ۝٨ ع

---

وَالتِّيْنِ وَالزَّيْتُوْنِ قسم ڇھو انجير ک یا انجیر کلک بیہ ڇھو قسم زيتون نک یا زيتون کلگ یم دو شوے ڇھ بابرکت میوہ تہ کل تہِ یا ڇھو مراد تمہِ جایہ ہیوند تہ تمہ شہر ک قسم یتہ انجیر کلِ تہ زيتون کل بکثرت پیدہ سپدان ڇھو اکھ جای گیہ یتھ کُن ابرہیم علیہ السلا من ہجرت کرمژ ڇھ۔ بیاکھ جای گیہ یتہ عیسیٰ روح اللّٰہ تولد سپد مت ڇھ وَطُوْرِ سِيْنِيْنَ بیہ ڇھو کوہ طور ک قسم یتھ پیٹھ موسیٰ علیہ السلام اللّٰہ تعالیٰ سیت ہم کلام سپد وَهٰذَا الْبَلَدِ الْاَمِيْنِ بیہ ڇھو قسم یمہ امنکہ شہر ک یتھ شہر س منز کعبۃ اللّٰہ واقع ڇھو بیہ لیس شہر حضرت سید المرسلین سندہ ولادت باسعاد تُک شہر ڇھو یے ژور قسم ہاو تھ ڇھو فرماوان اللّٰہ تعالیٰ لَقَدْ خَلَقْنَا الْاِنْسَانَ فِيْٓ اَحْسَنِ تَقْوِيْمٍ بے شک پیدہ کراسہِ انسان رتس اندازس اندر بہترین شکل وصورت کرس عطا ثُمَّ رَدَدْنٰهُ اَسْفَلَ سٰفِلِيْنَ تو پتہ وول اسہ سہ بوٚنمہ درجہ کیو لوکو اندرہ تہِ زیاد بون۔ نافرمانی تہ کفر وشرکہ سبہ بہ اِلَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ مگر یمو لوکو ایمان اون بیہ کریکھ رٹھ عملہ فَلَهُمْ اَجْرٌ غَيْرُ مَمْنُوْنٍ تہندہ خاطرہ ڇھو سو ثواب یُس نہ زانہ تہ ختم گژھِ یا وبرہِ یلہ اللّٰہ تعالیٰ پیدہ کرنس پیٹھ بیہ احوال بدلاونس پیٹھ پور قدرتہ وول ڇھو۔ اے انسانہ فَمَا يُكَذِّبُكَ بَعْدُ بِالدِّيْنِ ادہ کوہ چیز ڇھوی ژہ تکذیب تہ انکار کرناوان جزاکس دوہس اَلَيْسَ اللّٰهُ بِاَحْكَمِ الْحٰكِمِيْنَ کیا اللّٰہ تعالیٰ ڇھنا حاکمن ہوند بوڈ حاکم یُس تصرف ڇھو دنیاء کین سارنی امورن پیٹھ تہ آخرتہ کین سارنی امورن پیٹھ تہ۔

## سُوْرَةُ العَلَق

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

اِقْرَاْ بِاسْمِ رَبِّكَ الَّذِیْ خَلَقَ ① خَلَقَ الْاِنْسَانَ مِنْ عَلَقٍ ②
اِقْرَاْ وَرَبُّكَ الْاَكْرَمُ ③ الَّذِیْ عَلَّمَ بِالْقَلَمِ ④ عَلَّمَ الْاِنْسَانَ مَا

اِقْرَاْ بِاسْمِ رَبِّكَ الَّذِیْ خَلَقَ يہ سورہ شریف يہ ابتدائی پانڑھ آيہ کريمہ ڇھہ ساری قرآن مجيدہ برونٺھ نازل سپد مت يمہ کہ قصہ ڇھو صحيفن منز ذکر کرنہ آمُت کہ نبوت عطا سپدنہ برونٺھ آس حضرت نبی کريم صلی اللہ عليہ وسلم خود بخود خلوت نشينی پسند کران۔ چنانچہ مکہ شريفس منز اوس غار حراء تتھ منز آس تشريف تھاوان۔ تہ معبود برحقہ سنز عبادت کران۔ رات کہ وقت تہ آس اتھ غارس اندر روزان اکہ شبہ آس غارہ شريفہ منزہ نبرٛ کُن درامت اَتی وچھک آسمان وزمينس منز مُعلق اکھ تختاہ تتھ پيٹھ وچھک اکھ شخصاہ سٹھاہ بوڈ يھوی دتھ امہ تختہ پيٹھ توپتہ آو يمن برونٺھ کُن امی دپوک اِقرأ پرِيو فرمووس مانا بقاری يَو چھُسنہ پرٛہ ڈن توپتہ رٹن پانس سيت چيرو تھ تراون يلہ۔ بيہ دُپنک اِقرأ پرِيو فرمووس بيہ يھوی جواب کہ بوچھسنہ پرٛہ ڈن توپتہ رٹن بيہ پانس سيت بيہ ديو تنک چير دو يمہ لٹہ خوتہ زيادہ تيوت چير کہ قريب اوس تم سپد ہن بے ہوش توپتہ تراوٕن يلہ۔ دُپنک اِقْرَاْ بِاسْمِ رَبِّكَ الَّذِیْ خَلَقَ پرِيو پننہ نس پروردگارہ سند ناوہ ہت يمِ پروردگارن ساری مخلوق پيدہ کر خَلَقَ الْاِنْسَانَ مِنْ عَلَقٍ يم انسان پيد کور مُوٹس خونس يعنی خونہ دتھ امہ اَندرہ چھہ مراد انسانس تنبيہ کرن کہ ای انسانہ زہ پٹھ چھہ خدايہ سنز نعمت سٹھاہ بڈ کہ بے جان چيزہ نشہ پيدہ کرت تھ درجس واتناو نکھ شکل وصورت تہ عقل وعلم کرنے عطا۔ ژہ پزن زيادہ شکرو ثنا دين ذکرو فکرہ اندر مشغول روزن اِقْرَاْ وَرَبُّكَ الْاَكْرَمُ توہيہ آسيويا رسول اللہ قرآن مجيد پران تہوند پروردگارہ چھو سيٹھاہ کريم۔ سو يہ يژھان چھو تہ چھو عطا کران۔ سو چھو پرنہ ورای پرہ ناوان۔ الَّذِیْ عَلَّمَ بِالْقَلَمِ يم پروردگارن لکھُت پرمت لوک پھناو بذريعہ قلم عَلَّمَ الْاِنْسَانَ مَا لَمْ يَعْلَمْ يہ انسان يھنوڈن تے چيز يمہ تس معلوے آسِ مطلب چھو ای زہ تعليم تہ چھناون چھہ نہ موقوف لکھنس تہ پرنسی پيٹھ بی اسباب وذرائع تہ چھہ يمو سيت علوم

لَمْ يَعْلَمْ ﴿٥﴾ كَلَّآ اِنَّ الْاِنْسَانَ لَيَطْغٰٓى ﴿٦﴾ اَنْ رَّاٰهُ اسْتَغْنٰى ﴿٧﴾ اِنَّ
اِلٰى رَبِّكَ الرُّجْعٰى ﴿٨﴾ اَرَءَيْتَ الَّذِىْ يَنْهٰى ﴿٩﴾ عَبْدًا اِذَا صَلّٰى ﴿١٠﴾

---

حاصل سپدت ہکن۔ دویم کتھ چھہ یہے کہ اسباب و ذرائع چھنہ بذات خود کنہ اثر کرت ہکان بلکہ چھو موثر حقیقی اللہ تعالیٰ۔ لہذا ہرگہ توہیہ یارسول اللہ پرہ ون چھوہ نہ۔ تمیوک مہ بریو کانہ پروا۔ ایس یلہ توہیہ حکم کرووہ پرنک توہیہ ہکیو اسباب و ذرایعو ورای سانہ حکمہ پرِت یہ ایس پرہ ناؤن یژھووہ۔ اس ہکووہ توہیہ پرہ ناوت یتھ پاٹھ اَسہ خوش کرہ۔ اس ہکووہ توہیہ سو طاقت تہ سُہ قُدرت عطا کرت یمہ سیت توہیہ پرِت ہکیو۔ علوم وحی یاد ہکیو تھاوت چنانچہ تی سُپد۔ تفسیر عزیز لیس اندر چھو۔ حضرت رسولِ کریم صلی اللہ علیہ وسلم تموا گرچہ اوس نہ لکھُن پُرن پھُمت مگر اللہ تعالیٰ ان فرموو کھ قلمہ کہ ذریعہ تہِ چھس بوی پھناوان قلمہ ورای تہ ہکہ بوی پھناوت ممکن چھو یتھ کتھ کُن تہ آسہِ اِشارہ کہ یتھ پاٹھ فیض دِوہ ونس تہ فیض رٹہ ونس منز قلم چھو واسطہ تہ ذریعہ سپدان۔ یتھے پاٹھ آسہِ باری تعالیٰ اس منز تہ پیغمبرن برحقس منز جبریل امین محض اکھ واسطہ تہ ذریعہ۔ بیہ اِتھ پاٹھ قلمُک ذریعہ فیض سپدن چھونہ یتھ کتھ لازم کہ قلم کیا چھو تس فیض رٹہ ون سندہ خو تہ افضل تہ بہتر۔ یتھے پاٹھ چھنہ یہ کتھ تہ لازم کہ حقیقت جبریلیہ کیا آسہ ہا افضل حقیقت محمدیہ خو تہ۔ لہذا چھو جبریل امین تہندہ حقہ بمنزلہ قلم كَلَّآ اِنَّ الْاِنْسَانَ لَيَطْغٰٓى * اَنْ رَّاٰهُ اسْتَغْنٰى بہ تحقیق یہ انسان یُس اَسِی خونہ دتہِ پیدہ کوٗر یُس حقیر و ذلیل چیز اوس۔ یُس جاہلِ مطلق اوس اسی پھناوٗ۔ امسِ روزنہ پنُن اصلی حقیقت یادیٔ یہ لگ دنیاء کہ مال دولتہ سیت مغرور سپدت سرکشی کرنہ۔ خیال پھُس مہ چھونہ کانسہ ہوند پروا اِنَّ اِلٰى رَبِّكَ الرُّجْعٰى بے شک چینِسی پروردگارس کُن چھو سارنی واپس واتُن۔ تتہِ تہ آسہ یہ انسان تہنزی قدرتہ تہِ کس احاطس منز ولنہ تہ بند کرنہ آمُت یمہ منزہ ژلتِ ہکنہ کُن تہ۔ یو تھ عاجز تہ بے بس انسان کتھ پاٹھ ہکہ اِتھس قادر و قاہر خدا ایس نشہ مستغنی تہ بے پروا آستھ۔ وین تمسند پنون پان مستغنی زانن یہ گیہ محض سفاہیت تہ حماقت یعنی بالکل ژوٗر تہ احمق لاگُن۔ امہ پتہ چھو امس انسانہ سنزن بعضے بیچھ کامین ہوند بطریقہ استفہام ذکر یوان کرنہ اکہ دوہہ آس نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم مسجد حرامس منز نماز پران ابو جہل آو تم دوپ تمن آسے توہیہ واریاہ پھرہ یہ کرنہ نشہ منع کور تُہند کیاز چھِونہ پتھ روزان۔ تمو کرس اتھ

أَرَءَيْتَ إِن كَانَ عَلَى الْهُدَىٰٓ ﴿١١﴾ أَوْ أَمَرَ بِالتَّقْوَىٰ ﴿١٢﴾ أَرَءَيْتَ إِن
كَذَّبَ وَتَوَلَّىٰٓ ﴿١٣﴾ أَلَمْ يَعْلَم بِأَنَّ اللَّهَ يَرَىٰ ﴿١٤﴾ كَلَّا لَئِن لَّمْ يَنتَهِ
لَنَسْفَعًۢا بِالنَّاصِيَةِ ﴿١٥﴾ نَاصِيَةٍ كَاذِبَةٍ خَاطِئَةٍ ﴿١٦﴾ فَلْيَدْعُ نَادِيَهُۥ ﴿١٧﴾

---

پيٺھ سخت خشم تہ گرنز سولگ دپنہ شہر مکس سنز چھہ ساروی اندرہ ٹِمن جماعت واریاہ ہیٚڈ۔ ہرگہ آئندہ بود چھاوہ توہ بیہ نماز پَران بو تھاوہ توہنزہ گردن پیٺھ کھور توپتہ واتاووہ سٹھاہ تکلیف۔ چنانچہ اکہ پھرہ آس تم نماز پَران توپتہ آو سو تکلیف واتاونہ کہ قصدہ مگر نزدیک واتتھ پھیُو رو اپس لوکو پرژھ ہس ژہ کیا گوی دوپن یتھوی بو تمن نزدیک واتس تتھوی وچھ مہ اکھ خندق تتھ منز وچھ مہ پکھ کرت جانور یم ڈ وچھِت بُو کھوژس فرمو نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم تم آس ملائک ہرگہ سو برونٹھ پکہ ہا تمس ژٹھن تم باز أَرَءَيْتَ الَّذِي يَنْهَىٰ * عَبْدًا إِذَا صَلَّىٰٓ ای مخاطب ژی کرتہ بیان تس شخصہ سند حال یُس سانس اکس خاص بندس منع چھو کران تہ پتھ چھورٹان یلہ سو نماز چھو پران۔ یعنے معبود برحقہ سنز عبادت کرہ ونس عبادت تہ نشہ نماز پرنہ نشہ پتھ رٹن۔ یا تس گانگل کرن کو تاہ گناہ تہ کیژراہ پچھ کوم چھ أَرَءَيْتَ إِن كَانَ عَلَى الْهُدَىٰٓ ژہ ونتہ مہ یہ کو تاہ گناہ چھو خصوصا یلہ سو بندہ خاص عین ہدایتس تہ راہ راستس پیٺھ آسہِ أَوْ أَمَرَ بِالتَّقْوَىٰٓ یا آسہ سو بین لوکن تہِ خدا یس کھوژنچ تعلیم دوان تمن تہ معبود برحقہ سندہ عباد تک امر کران أَرَءَيْتَ إِن كَذَّبَ وَتَوَلَّىٰٓ ژہ ونتہ مہ ہرگہ سو پھ رٹہ ون شخص پانہ دین حقس آسہ اپز گنز ران۔ بیہ آسہ دین حقہ نشہ بوتھ پھران أَلَمْ يَعْلَم بِأَنَّ اللَّهَ يَرَىٰ کیا تس پتھ رٹہ ونس تہ نمازہ نشہ منع کرہ ونس چھنا خبر کہ اللہ تعالیٰ چھو بے شک تسنزہ یمہ پچھ کامہ وچھان سو دیہ ضرور امس یمن پچھ کامین ہوند سزا كَلَّا امس پزہ ہانہ ہرگز یمہ پچھ کامہ کرنہ لَئِن لَّمْ يَنتَهِ لَنَسْفَعًۢا بِالنَّاصِيَةِ ہرگہ نے سو آیند یمو پچھ کامیو نشہ پتھ روزہ۔ ایس پکناودن ژھاگہ رٹتھ یعنے کلہ کہ مستہ رٹتھ نَاصِيَةٍ كَاذِبَةٍ خَاطِئَةٍ یس مست اپزتہ خطاکار چھو۔ کیازہ تمسندہ بدکین موین موین چھوگنہن ہیوند اثر وو تمت فَلْيَدْعُ نَادِيَهُۥ * سَنَدْعُ الزَّبَانِيَةَ ہرگہ تمس پنہ نین لوکن تہ پنچہ ژاٹن ہندہ مدد دک خیال چھو دِین سو تمن آلو آسنہ دمو آلو جہنمہ کین عذابہ کین ملائکن۔ امام طبرانن کر روایت از قتادہ تمو فرمو د نبی کریمن صلی

سَنَدۡعُ الزَّبَانِيَةَ ۝۱۸ كَلَّا ؕ لَا تُطِعۡهُ وَاسۡجُدۡ وَاقۡتَرِبۡ ۝۱۹ السجدة

اللہ علیہ وسلم ہرگہ امہ وقتہ ابوجہل کنہ کرہ ہاضرور رہٹن لتس جہنمک ملک تین پاٹھ كَلَّا لتس پڑہنہ
ہرگز یہ کرن لَا تُطِعۡهُ مگر توہیہ مہ حض بوزیوامس خبیشہ سُند یعنی توہیہ مہ تراویو نماز پرن امندہ
ونہ نہ موجب وَاسۡجُدۡ وَاقۡتَرِبۡ بلکہ روزیو توہ بدستور نماز پران بیہ خدایہ سند قرب تہ نزدیکی حاصل
کران۔ اللہ تعالیٰ رچھہ توہہ تہندہ شرہ نشہ کیازہ نمازہ سیت سپدہ توہیہ قرب خدا حاصل۔ قرب خدا
چھو حفاظتگ بوڈ ذریعہ لہذا امہ کریو توہیہ یمن دُشمن ہنزن تُھن گن کانہ التفات۔

# سُوْرَةُ الْقَدْرِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
اِنَّآ اَنْزَلْنٰهُ فِيْ لَيْلَةِ الْقَدْرِ ۝۱ وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا لَيْلَةُ الْقَدْرِ ۝۲ لَيْلَةُ
الْقَدْرِ ۙ خَيْرٌ مِّنْ اَلْفِ شَهْرٍ ۝۳ تَنَزَّلُ الْمَلٰٓئِكَةُ وَالرُّوْحُ فِيْهَا
بِاِذْنِ رَبِّهِمْ ۚ مِّنْ كُلِّ اَمْرٍ ۝۴ سَلٰمٌ ۛ هِيَ حَتّٰى مَطْلَعِ الْفَجْرِ ۝۵ ع

اِنَّآ اَنْزَلْنٰهُ فِيْ لَيْلَةِ الْقَدْرِ بے شک اسہ کرنازل یہ قرآن مجید تیٚہ ذکر سورہ علقس اندر چھہ شب قدرس اندر وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا لَيْلَةُ الْقَدْرِ توہیہ کوہ چیز زانراوِہ کہ شب قدر کیاہ شب چھُو۔ بوی فرماووہ تمیوک حال تہ شان لَيْلَةُ الْقَدْرِ خَيْرٌ مِّنْ اَلْفِ شَهْرٍ شب قدر چھو بہتر ساسہ ریتہ خوتہ، یعنی ساسس ریتس عبادت کرنس یُوت ثواب چھو، تمو خوتہ زیادہ ثواب چھہ اتھ شبس اندر عبادت کرنس، آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم کر اکہ دوھہ بیان کہ بنی اسرائیل آسِ ساسس ریتس عبادت کران۔ کیازہ تمن آسہ زیٚچھ عمرہ۔ یہ بوزت سپد صحابہ صٓبین سخت افسوس تہ ڈیٚنہ لگ اَسہ تے اَیثر عمر آسہا اَستہ آسہوا ایژ عبادت کران۔ اتی سپُد یہ سورہ شریفہ نازل یتھ اندر اللہ تعالیٰ ان فرموو کہ اَی مینس حبیبہ سندیو اُمتیو توہیہ کرمہ عطا شب قدریس ساسہ رتہ خوتہ بہتر چھہ تتھ شبس منز یُس عبادت کرِہ زن تم ساسٔس ریتہ خوتہ زیادہ کالس عبادت کر تَنَزَّلُ الْمَلٰٓئِكَةُ وَالرُّوْحُ فِيْهَا سُو چھو تتھوی شب کہ نازل چھہ سپدان تتھ شبس منز ملائک بییہ روح القدس یعنی جبریل امین زمینس پیٹھ بِاِذْنِ رَبِّهِمْ مِّنْ كُلِّ اَمْرٍ ✱ سَلٰمٌ پننس پروردگارہ سندہ حکمہ پرت قسمٕچ خیر و برکت تہ سلامتی ہٮ۪ت سوی خیر تہ برکت چھنہ آسان تمہ شبہ کونہ معین حصص اندر هِيَ حَتّٰى مَطْلَعِ الْفَجْرِ بلکہ چھو آسان سو خیر و برکت سارسیٔ شبس طلوع فجرس تان۔ چنانچہ حدیث شریفس اندر چھو آمت کہ جبریل امین چھہ ملائکن ہنز اکھ ہنٛز جماعت سیت ثلِت، دنیاءس اندر ژوپیر پھیران یُس شخص وچھان چھو مشغول نمازہ سیت تہ یاد خداءس سیت تس چھو دعاءِ رحمت سوزان، بیٚیس روایتس اندر چھو تس چھہ جبریل امین سلام کران امیوک معنی تہ گو دعاءِ رحمتی چھو مراد سلام اندرہ، امر خیرہ اندرہ تہ چھوای مراد۔

# سُوْرَةُ الْبَيِّنَةِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

لَمْ يَكُنِ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ وَالْمُشْرِكِيْنَ مُنْفَكِّيْنَ
حَتّٰى تَاْتِيَهُمُ الْبَيِّنَةُ ① رَسُوْلٌ مِّنَ اللّٰهِ يَتْلُوْا صُحُفًا مُّطَهَّرَةً ②
فِيْهَا كُتُبٌ قَيِّمَةٌ ③ وَمَا تَفَرَّقَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ اِلَّا مِنْۢ

---

لَمْ يَكُنِ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ وَالْمُشْرِكِيْنَ مُنْفَكِّيْنَ حَتّٰى تَاْتِيَهُمُ الْبَيِّنَةُ یم لوک اہل کتابو تہ مشرکو اندرہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم سندہ سوزنہ ینہ برونٹھ کافر آس۔ تم آسنہ پننہ کفرہ نشہ پتھ روزہ وٕن یوتان نہ تمن نشہ واتھے نی تہ واضح دلیل رَسُوْلٌ مِّنَ اللّٰهِ يَتْلُوْا صُحُفًا مُّطَهَّرَةً * فِيْهَا كُتُبٌ قَيِّمَةٌ سُہ واضح دلیل گیہ پیغمبراہ خدایہ سُندہ طرفہ سوی آسہا پران تمن پیٹھ پاک دپاکیزہ سورہ تہ مضامین یمن منز برونٹھمین نازل کرنہ آمژن آسمانی کتابن ہند درست مضامین لکھمت تہ درج آسہن کرنہ آمت یعنی تمن کافرن ہیوند کفر اوس تیوتھ سخت تہ شدید کہ تہوند سُو جہل تہ کفر ہیکہ ہینہ دور سپدت بڈس عظیم الشان پیغمبرہ سندہ سوزنہ ورای۔ تمی مُوکھ سوز اللہ تعالیٰ ان تمن پیٹھ اتمام حجت کرنہ خیطرہ سو عظیم الشان پیغمبر حضرت محمد عربی صلی اللہ علیہ وسلم قرآن مجید ہیت جلیل القدر اکھ کتاباہ ہت وٕن اوس لازم کہ تم زانہن اتھ غنیمت تمن کرہن تلقی بالقبول تہ تمن اَنہن ایمان مگر یموا اندرہ یم اہل کتاب یعنی یہود و نصاریٰ آس تمن گہیہ گہ ونِ چھنہ بین کافرن ہنز کتھے وَمَا تَفَرَّقَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ اِلَّا مِنْۢ بَعْدِ مَا جَآءَتْهُمُ الْبَيِّنَةُ مختلف تہ الگ الگ سپد نہ اہل کتاب مگر تمن نشہ واضح دلیل واتنہ پتہ

یعنی یہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم تمہ برونٹھ آس تم متحد تہ متفق تہندس حقس اندر بغض وعنادہ سبہ بہ کرکھ تمن اِنکار تہندہ تشریف انہ نہ پتہ اڈیو اون ایمان اڈیو گر انکار۔ یو تھ جلیل القدر پیغمبر تہ اَیژھ عظیم الشان کتاب واتھ گوژہ تہوند دین حقس یعنی اسلامس پیٹھ مجتمع تہ متفق سپدن پننہ برونٹھم اختلاف تراوت گژھ ساری اختلافات تراون تمہ چہ جایہ سپد تمن تہندہ تشریف آوری پتے پانہ وان

بَعۡدِ مَا جَآءَتۡهُمُ الۡبَيِّنَةُ ؕ﴿۴﴾ وَمَآ اُمِرُوۡۤا اِلَّا لِيَعۡبُدُوا اللّٰهَ
مُخۡلِصِيۡنَ لَهُ الدِّيۡنَ ۙ حُنَفَآءَ وَيُقِيۡمُوا الصَّلٰوةَ وَيُؤۡتُوا الزَّكٰوةَ
وَذٰلِكَ دِيۡنُ الۡقَيِّمَةِ ؕ﴿۵﴾ اِنَّ الَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا مِنۡ اَهۡلِ الۡكِتٰبِ وَ
الۡمُشۡرِكِيۡنَ فِىۡ نَارِ جَهَنَّمَ خٰلِدِيۡنَ فِيۡهَا ؕ اُولٰٓئِكَ هُمۡ شَرُّ الۡبَرِيَّةِ ؕ﴿۶﴾
اِنَّ الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ ۙ اُولٰٓئِكَ هُمۡ خَيۡرُ الۡبَرِيَّةِ ؕ﴿۷﴾

---

سخت اختلاف وَمَآ اُمِرُوۡۤا اِلَّا لِيَعۡبُدُوا اللّٰهَ مُخۡلِصِيۡنَ لَهُ الدِّيۡنَ حُنَفَآءَ حالانکہ تمن لوکن اوس برونٹھین کتابن اندر یہوی حکم کرنہ آمت کہ عبادت کریو اللہ تعالیٰ اس یتھ پاٹھ کہ عبادت زانیو خاص تہ سزاوار تس یا ثباتی باطل دنیوی شر کہ کیو دنیو نشہ یکسو تہ الگ سپدت وَيُقِيۡمُوا الصَّلٰوةَ وَيُؤۡتُوا الزَّكٰوةَ بیہ اوس تمن حکم کرنہ آمت نماز برپا تھاونک بیہ مالچ زکوٰۃ ادا کرنک وَذٰلِكَ دِيۡنُ الۡقَيِّمَةِ یہوی چھو مضبوط تہ محکم ملت یتھ پیٹھ ساری حضرات انبیاء پکان آئے اِنَّ الَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا مِنۡ اَهۡلِ الۡكِتٰبِ وَالۡمُشۡرِكِيۡنَ فِىۡ نَارِ جَهَنَّمَ بے شک یمو لوکو اہل کتابو اندرہ اِنکار کر پیغمبر برحقس بیہ مشرک تم واتن ساری جہنمس اندر خٰلِدِيۡنَ فِيۡهَا یہ تمن ہمیشہ روزن چھو اُولٰٓئِكَ هُمۡ شَرُّ الۡبَرِيَّةِ یِمے لوک کیا گئے ساری مخلوقو اندرہ بدتر اِنَّ الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ اُولٰٓئِكَ هُمۡ خَيۡرُ الۡبَرِيَّةِ بے شک یمو لوکو ایمان اون خدایس تہ تہندس پیغمبرس بیہ یمن چیزن ایمان انن لازم چھو۔ بیہ کریکھ رژہ عملہ تمے لوک کیا گئے ساروی مخلوقو اندر بہتر جَزَآؤُهُمۡ عِنۡدَ رَبِّهِمۡ جَنّٰتُ عَدۡنٍ تَجۡرِىۡ مِنۡ تَحۡتِهَا الۡاَنۡهٰرُ مزورتہ جزا تہو ند چھو تہندس پرودگارس نشہ تم جنت یمو بُن کن کولہ پکان آسن۔ خٰلِدِيۡنَ فِيۡهَاۤ اَبَدًا تتئے جنتن منز روزن تم ہمیشہ ابدالآباد رَضِىَ اللّٰهُ عَنۡهُمۡ وَرَضُوۡا عَنۡهُ اللہ تعالیٰ روزہ تمن نشہ راضی۔ تم روزن

جَزَآؤُهُمْ عِنْدَ رَبِّهِمْ جَنّٰتُ عَدْنٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ خٰلِدِيْنَ
فِيْهَآ اَبَدًا ۭ رَضِيَ اللّٰهُ عَنْهُمْ وَرَضُوْا عَنْهُ ۭ ذٰلِكَ لِمَنْ خَشِيَ رَبَّهٗ ۝۸

اللہ تعالیٰ اس نشہ خوش تہ راضی ذٰلِكَ لِمَنْ خَشِيَ رَبَّهٗ یہ جنت تہ یہ رضا مندی ہیوند خلعت ییہ تس عطا کرنہ یُس پنہ نس خدائس کھوژان آسہ یعنی یہ تھود مقام ییہ نہ عطا کرنہ مگر تس یُس پنہ نس پروردگارہ سنزہ بیزاری کھوژان آسہ۔



## سُورَةُ الزِّلْزَالِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
إِذَا زُلْزِلَتِ الْأَرْضُ زِلْزَالَهَا ۝١ وَأَخْرَجَتِ الْأَرْضُ أَثْقَالَهَا ۝٢
وَقَالَ الْإِنْسَانُ مَا لَهَا ۝٣ يَوْمَئِذٍ تُحَدِّثُ أَخْبَارَهَا ۝٤ بِأَنَّ
رَبَّكَ أَوْحَىٰ لَهَا ۝٥ يَوْمَئِذٍ يَصْدُرُ النَّاسُ أَشْتَاتًا لِّيُرَوْا

إِذَا زُلْزِلَتِ الْأَرْضُ زِلْزَالَهَا یلہ زمین پنہ نہ ذاتی سخت حرکتہ سیت الراونہ ییہ۔ یمہ کہ صدمہ سیت کانہ عمارتاہ کانہ کوہاہ کانہ کُلہ زمینس پیٹھ باقی روزہ نہ ساری بیرہ تہ تھز رسپدن برابر تہ ہموار یُو تھ محشرک میدان لوکن ہندہ سمنہ خیطرہ صاف سپدہ۔ یہ سپدہ یلہ پوغس منز دوئم پھو کھ دِنہ ییہِ وَأَخْرَجَتِ الْأَرْضُ أَثْقَالَهَا یلہ زمین پنن ساری گوب گوب چیز نمبر دیہ وارت۔ مثلاً انسان یاسون تہ روپھ۔ وغیرہ وَقَالَ الْإِنْسَانُ مَا لَهَا یہ حالت وچھت گژھن کافر انسان حیران دپنہ لگن یتھ زمینس کیاہ سناگدریوٚ یہ یوت بونیول کیازہ آو آمِ اندر یم چیز کیاہ سنازہ وِتن نبر دارت یَوْمَئِذٍ تُحَدِّثُ أَخْبَارَهَا تمہ دوہ ونہ زمین پنہ نہ سارے رژہ تہ پچھ خبرہ۔ تم سارے واقعات یم بنی آدمن یعنی انسانن ہندہ اتھ زمینس پٹھ واقع سپدمت آسن مثلاً زمین دیہ بیان کہ فلاں شخصن پٔر مہ پیٹھ نماز فلاں شخصن کٔر مہ پیٹھ ژور۔ فلاں شخصن کرمہ پٹھ زنا۔ فلاں شخصن کٔر مہ پیٹھ خون ناحق وغیرہ وغیرہ بِأَنَّ رَبَّكَ أَوْحَىٰ لَهَا کیازہ تس زمینس آسہ تہوند پروردگارن یُہوی حُکم کرمُت۔ یعنی ازکہ زمانہ کہ اصطلاحہ موجب بوزتہ ژہ یتھ پاٹھ کہ یمہ یمہ کامہ لوک اتھ زمینس پیٹھ کران چھہ رژہ یا پچھ تمن

سارنی کامین ہیوند رکارڈ چھونا برنہ یوان زمینس اندر تمے، رکارڈ چھہ موجود تہ محفوظ تھاونہ یوان۔ قیامتکِ دوہ ین تمے رکارڈ مژراونہ۔ زمینس منز چھُو اللہ تعالیٰ اَن آکھ ماداہ تہ آکھ مسالہ پیدہ کرمُت یُس مسالہ مصورین (فوٹو گرافر) شیشس متھتھ تصویرِ تُلان چھو سُو مسالہ چھو پورہ پورا تھ زمینس منز

اَعْمَالَهُمْ ۝٦ فَمَنْ يَّعْمَلْ مِثْقَالَ ذَرَّةٍ خَيْرًا يَّرَهٗ ۝٧ وَمَنْ يَّعْمَلْ مِثْقَالَ ذَرَّةٍ شَرًّا يَّرَهٗ ۝٨

---

موجود۔ لهذا اتھ زمينس پيٺھ ٿيس شخصاه کانه کاماه ڇهوکران خدايه سندِه حُڪمه سيت پڇهه تيح صورت شکل ته (فوٽو) زمينس اندر خود بخود دوٿهان۔ تمے رکارڈ ته تمے تصويرين بطور شهادت قيامتکِ دوه پيش کرنه۔ چنانچه حديث شريف ڇهو صحيح ترمذي وغيره کتب حديثن اندر که يم شخص زمينس پيٺھ کانه رڻيا پڇھ عمله کرمڙ آسه زمين ديه تيح گواهي خداليس برونٹھ گنه يَوْمَئِذٍ يَّصْدُرُ النَّاسُ اَشْتَاتًا لِّيُرَوْا اَعْمَالَهُمْ تمه دوه نيرن واپس مختلف جماڙ حساب دِته مختلف جاين ڱن نيکو کار باايمان گڙهن جنتس ڱن کافر ته مُشرکين واتاوه نه جهنمس ڱن يوته ساري پنه نين عملن هيوند پهل تلن فَمَنْ يَّعْمَلْ مِثْقَالَ ذَرَّةٍ خَيْرًا يَّرَهٗ* وَمَنْ يَّعْمَلْ مِثْقَالَ ذَرَّةٍ شَرًّا يَّرَهٗ پس ٿيس شخصاه اِکس ذرس برابر دنياءس اندر رڙ کومه کره تته ته لبه سُو آخرتس اندر۔ بيه ٿيس شخصاه اکس ذرس برابر بدي کره دنياءس اندر تته ته لبهِ سو آخرتس اندر۔ بشرطيکه سو نيکي يا بدي آسهِ تته وقتس تانِ باقي ورنه هرگه نيکي تهنده کُفره سيت ختم آسه گڇهمڙ۔ يا آسه ايمان وتوبه سيت سُه بدي يا شر زائل سپدمُت تلهِ ڇه بدل کته، تله آسنه سو خير رودمُت۔ سو شر رودمُت۔



# سُوْرَةُ الْعَادِيَاتِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

وَالْعٰدِيٰتِ ضَبْحًا ۙ﴿۱﴾ فَالْمُوْرِيٰتِ قَدْحًا ۙ﴿۲﴾ فَالْمُغِيْرٰتِ صُبْحًا ۙ﴿۳﴾

فَاَثَرْنَ بِهٖ نَقْعًا ۙ﴿۴﴾ فَوَسَطْنَ بِهٖ جَمْعًا ۙ﴿۵﴾ اِنَّ الْاِنْسَانَ لِرَبِّهٖ

لَكَنُوْدٌ ۚ﴿۶﴾ وَاِنَّهٗ عَلٰى ذٰلِكَ لَشَهِيْدٌ ۚ﴿۷﴾ وَاِنَّهٗ لِحُبِّ الْخَيْرِ لَشَدِيْدٌ ؕ﴿۸﴾

اَفَلَا يَعْلَمُ اِذَا بُعْثِرَ مَا فِي الْقُبُوْرِ ۙ﴿۹﴾ وَحُصِّلَ مَا فِي الصُّدُوْرِ ۙ﴿۱۰﴾

اِنَّ رَبَّهُمْ بِهِمْ يَوْمَئِذٍ لَّخَبِيْرٌ ﴿۱۱﴾

---

وَالْعٰدِيٰتِ ضَبْحًا قسم چھو تمن گُرن ہیوند یمن دورتُلنہ وِزہ پھرک کھسان چھُو فَالْمُوْرِيٰتِ قَدْحًا تو
پتہ چھُو قسم تمن گرِن ہیوند یم کھُرن پیٹھ نعل دار پڈر تراونہ سیت رہہ تراوان چھہ فَالْمُغِيْرٰتِ صُبْحًا تو
پتہ چھُو قسم تمن گُرِن ہیوند یم صبحے پگاہِ چھہ دُشمن پیٹھ واتتھ پیٔوان، توپہ چھہ تمن لوٹ تہ غارت کران
فَاَثَرْنَ بِهٖ نَقْعًا بیہ یم گر تمہ ساتہ گرد و غبار چھہِ تُلان فَوَسَطْنَ بِهٖ جَمْعًا تو پتہ چھہ تمی وقتہ دُشمن
ہندس جماعتس تہ لشکرہ منز اژان۔ یمن قسمن ہیوند جواب چھُو یعنے یم قسم آی ہاونہ یتھ کتھہ پیٹھ کہ اِنَّ
الْاِنْسَانَ لِرَبِّهٖ لَكَنُوْدٌ پزٕپاٹھ یہ کافر انسان چھُو پننس خدایس سنز ناشکری کران وَاِنَّهٗ عَلٰى ذٰلِكَ
لَشَهِيْدٌ بیہ چھُو بے شک یہ انسان پانہ تتھ پیٹھ مطلع تہ گواہ وَاِنَّهٗ لِحُبِّ الْخَيْرِ لَشَدِيْدٌ بیہ چھُو بیشک یہ
انسان مالہ کِس محبتس اندر سیٹھاہ مضبوط تمی پھنہ گنہ تہ دریٹھ یوان مالکس محبتس اندر چھو تیو تھ بُڈمُت
غرق گومُت کہ منعم حقیقی سنزہ نعمژ چھنہ بوزنے یوان اَفَلَا يَعْلَمُ اِذَا بُعْثِرَ مَا فِي الْقُبُوْرِ کیا سنا امس
انسانس چھنا سو وقت ژتسی یمہ وقتہ قبرو منزہ پریٹھ کڈنہ ییہ تہ سوروی یہ تتھ منز آسہ مردہ وغیرہ
وَحُصِّلَ مَا فِي الصُّدُوْرِ بیہ آیہ ننر اونہ تہ سوروی یہ سینن تہ دلن منز آسہ اِنَّ رَبَّهُمْ بِهِمْ يَوْمَئِذٍ لَّخَبِيْرٌ
پزٕپاٹھ تہوند پروردگار آسہ تمہ دوہ تُہندن سارنی حالاتن پیٹھ باخبر تہ پور واقف سو دیہ تمن سو بدلہ
یُس تمن شوبہ۔

## سُوْرَةُ الْقَارِعَةِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

اَلْقَارِعَةُ ۙ﴿۱﴾ مَا الْقَارِعَةُ ۚ﴿۲﴾ وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا الْقَارِعَةُ ؕ﴿۳﴾
يَوْمَ يَكُوْنُ النَّاسُ كَالْفَرَاشِ الْمَبْثُوْثِ ۙ﴿۴﴾ وَتَكُوْنُ الْجِبَالُ
كَالْعِهْنِ الْمَنْفُوْشِ ؕ﴿۵﴾ فَاَمَّا مَنْ ثَقُلَتْ مَوَازِيْنُهٗ ۙ﴿۶﴾ فَهُوَ
فِيْ عِيْشَةٍ رَّاضِيَةٍ ؕ﴿۷﴾ وَاَمَّا مَنْ خَفَّتْ مَوَازِيْنُهٗ ۙ﴿۸﴾ فَاُمُّهٗ
هَاوِيَةٌ ؕ﴿۹﴾ وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا هِيَهْ ؕ﴿۱۰﴾ نَارٌ حَامِيَةٌ ﴿۱۱﴾ ع

---

اَلْقَارِعَةُ * مَا الْقَارِعَةُ قیامت یوسہ ژیٹ وین چھ دلن ہیبتہ سیت یوسہ زرپاوِہ وین چھ کنٕ خطرناک کریکو سیت۔ ژہ کیاہ ونے بو سۄ دوہ کو تاہ مشکل چھو وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا الْقَارِعَةُ کوہ چیز زانراوی ژہ کہ کو تاہ خطرناک چھو سو قیامتک دوہ یَوْمَ يَكُوْنُ النَّاسُ كَالْفَرَاشِ الْمَبْثُوْثِ یمہ دوہ لوک آسن پھکرنہ آمت پونپر ہی۔ یتھ پاٹھ پونپر چھ انہ گٕہ منز نارہ کس گاشس کن سمت یوان تو پتہ تتھ نارس منزیان زالان یتھے پاٹھ آسن کافرتہ نافرمان لوک جہنمس منز دزنہ خیطرہ ویس پوان وَتَكُوْنُ الْجِبَالُ كَالْعِهْنِ الْمَنْفُوْشِ بیہ آسن کوہ دونہ نہ آمت پھمبپ ہی۔ یو تانٕہ تمہٕ تہٕ زمینس سیت ذبہ بہن فَاَمَّا مَنْ ثَقُلَتْ مَوَازِيْنُهٗ پس یمسندین نیکین ہوند پو ترگوب لگہ یعنے سو آسہ با ایمان فَهُوَ فِيْ عِيْشَةٍ رَّاضِيَةٍ سوواتہ تسلی بخش آرامس اندر وَاَمَّا مَنْ خَفَّتْ مَوَازِيْنُهٗ وین یمسندین نیکین ہوند پو ترلت لگہ یعنے سو آسہ کافر فَاُمُّهٗ هَاوِيَةٌ تمسندہ روزہ نچ جای آسہ ہاویہ یعنے جہنمک بیٛنوم طبقہ وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا هِيَهْ ژہ کوہ چیز زانراوی سو ہاویہ کیاہ چھو نَارٌ حَامِيَةٌ سو چھو گرم کرنہ آمت نار۔ نار چھو گرمے مگر آسہ بیہ گرم کرنہ آمت۔ بیہ نار، زن نہ آسن تتھ نسبت گرمی۔

## سُوْرَةُ التَّكَاثُرِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
اَلْهٰكُمُ التَّكَاثُرُ ۝١ حَتّٰى زُرْتُمُ الْمَقَابِرَ ۝٢ كَلَّا سَوْفَ
تَعْلَمُوْنَ ۝٣ ثُمَّ كَلَّا سَوْفَ تَعْلَمُوْنَ ۝٤ كَلَّا لَوْ تَعْلَمُوْنَ عِلْمَ
الْيَقِيْنِ ۝٥ لَتَرَوُنَّ الْجَحِيْمَ ۝٦ ثُمَّ لَتَرَوُنَّهَا عَيْنَ الْيَقِيْنِ ۝٧

---

اَلْهٰكُمُ التَّكَاثُرُ دنيوي سامانن پٺيان فخر ڪرڻ ڳرو ڪري ڇڏيو، تو هيه غافل آخرت نشه حَتّٰى زُرْتُمُ الْمَقَابِرَ يوتان تو هيه واتيو قبرن منز كَلَّا يم دنيو چيز ڇهنه هرگز قابل فخر، يمو چيز و سيت گڙهنه ٿهڪُن هرگز بيه ڇهونه آخرت هرگز مشراونس ته اِنڪارس قابل سَوْفَ تَعْلَمُوْنَ توه سپده جلدي قبرن منز واته ونوي سوروي معلوم ثُمَّ كَلَّا سَوْفَ تَعْلَمُوْنَ بيه ڇهسووناں ڪه يم چيز هرگز ٿهڪنس قابل ڇهنه آخرت غفلتس ته انڪار ڪرنس قابل ڇهونه تو هيه سپده برونٺھ پهن جلدي معلوم۔ يله قبرِ و منزه نيرت ميدان محشرس منز واتيو كَلَّا تريمه ڦيره ڇهسو بيه توه متوجه ڪران ڪه يم دنيوي چيز ٿهڪنس ته فخر ڪرنس قابل ڇهنه آخرت قابل غفلت و اِنڪار ڇهونه لَوْ تَعْلَمُوْنَ عِلْمَ الْيَقِيْنِ هرگاه تو هيه لوک يمه ڪٿھ پور زانهيو علم اليقينه پاٺھ صحيح دليلو سيت يمن دليلن هنز متابعت ڪرن لازمي آس تله سپد هيونه فخر و مباهاتس اندر مشغول سپدت آخرت نشه غافل ته بے پروا لَتَرَوُنَّ الْجَحِيْمَ قسم خدا تو هيه وڇهون ضرور آخرتس اندر نار جهنم ثُمَّ لَتَرَوُنَّهَا عَيْنَ الْيَقِيْنِ توپته ڇهسو بيه تاڪيده خيطره فرماوان قسم هاوت ڪه تو هيه وڇهيو ضرور نار جهنم يقينه چه نظره بلاشڪ و تردد ثُمَّ لَتُسْـَٔلُنَّ يَوْمَئِذٍ عَنِ النَّعِيْمِ توپته ييه تمه دوه تو هيه سارني پرڇهنه نعمتن هوند۔ حديث شريف ڇهو بروايت طبراني بيه ابن حبان رحمهما الله۔ از حضرت عبدالله ابن عباس رضي الله عنه فرماوک اڪه دوه آئے دوپهره ڪه وقت سخت گرمي اندر حضرت ابوبڪر صديق مسجد نبوليس اندر۔ توپته يوز حضرت عمرن تم ته آئے ابوبڪر صديقن پروڇه

# ثُمَّ لَتُسْـَٔلُنَّ يَوْمَئِذٍ عَنِ النَّعِيمِ ۝٨ ع

عمر فاروق‌س۔ یتھ گرمی اندر کم حض چیزن کڈوہ تُہہ گرِہ منزہ۔ تمو فرموس بوکڈسنہ کونہ چیزن بوچھ ہند سختی ورای۔ تمو فرمووس قسم خدا بوتہ دراس گرہ منز بوچھ ہندہ سختی سبہ بے یم آس پانوان کتھے کران اتی اون تشریف حضرت نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم تمو تہ پروژہ یمن دون صاحبن توہیہ کتھ پاٹھ دراوہ گرو منزہ یتھ تاپہ کرایہ اندر، تمو کرِہک عرض ایس حض محض بوچھ ہنز سختی تمو فرمووک قسم چھومہ لس پروردگارہ سُند تمس اتھ میون روح چھُو بوتہ کڈس نہ کونہ چیزن بوچھ ورای۔ توپتہ آئے ترشوے صاحب حضرت ابوایوب انصاری سُند گرہ تمو کرکھ پیش خضر کلِک اکھ شاخہ، یتھ منز پرت قسمکِ خضر آسِ۔ بیہ اونن آب سرد۔ بیہ اونن بوز تھ ماز۔ امی ساتہ فرماوٗ نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم ھٰذہ النعیم الذی تسئلون عنہ یعنے یہے کیاہ گیہ سہٕ نعمت یموک توہہ پرژھنہ ئیہ یہ کتھ گذریہ یمن صحابہ‌ین سخت دشوار توپتہ فرماوک نبی کریمو صلی اللہ علیہ وسلم إذا أصبتم مثل ھذا وضربتم بایدیکم یلہ توہہ یژھ نعمتھ واتان آسہ توپتہ آسیو سر کھیوان تمہ ساتہ گژھ پرون تھوند بسم اللہ یلہ توہ کھت سیر سپدان آسیو توپتہ گژھ تھوند پرن الحمد للہ الذی اشبعنا وانعم علینا وافضل حمد بُونین تٔس پروردگارس یمہ اَسہ نعمت عطا کرسُوی کرِن رژ نعمت عطا فان ھذا کفاف ھٰذا اِی پرن چھوامہ نعمتک بدلہ۔



# سُوْرَةُ الْعَصْرِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

وَالْعَصْرِ ① اِنَّ الْاِنْسَانَ لَفِيْ خُسْرٍ ② اِلَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا

---

سورہ والضحیٰ کس تمہیدس اندر یمن ضروری کتھن ہوند ذکر کرنہ آو۔ تمو اندرہ چھ اکھ کتھ کہ پننن عمر گژھنہ ضایع کرن بے ہودہ کامن اندر۔ بلکہ گژھہ عمر صرف کرن طاعات و نیکین اندر۔ وَالْعَصْرِ عصر چھ ونان زمانس یعنی قسم چھو زمانک یتھ منز انسانہ سنز عمر تہ داخل چھ یتھ عمرہ اندر سو تحصیل کمالات و سعادات کرت ہکان چھو گویا یہ عمر چھ تہندہ خیطرہ بے بہا متاعاہ۔ یا چھو قسم عصر کہ وقچہ نمازہ ہوندہ کیازہ تتھ فرمو اللہ تعالیٰ ان صلوٰۃ الوسطیٰ چنانچہ حدیث شریفس منز چھو صلوٰۃ وسطیٰ گیہ دگر نماز بییں حدیث شریفس منز چھو آمت ییس اکس نماز دیگر فوت سپدہ تہ پرنکۂ موقعہ ایسنہ تمس چھو تیوت نقصان واتان زن تمس اہل و عیال تہ مال و دولتس لوٹ کرنہ آو۔ یہ قسم چھو یتھ کتھہ پٹھہ کہ اِنَّ الْاِنْسَانَ لَفِيْ خُسْرٍ یژ پاٹھہ یہ انسان چھو عمر پننن ضایع کرنہ کہ وجہ بڈس نقصانس اندر اِلَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ مگر یمو لوکو ایمان اون تہ یقین کور بیہ کریکھ رژھ عملہ وَتَوَاصَوْا بِالْحَقِّ وَتَوَاصَوْا بِالصَّبْرِ بیہ کرکھ اکھ اکس وصیت پزس اعتقادس تہ پزس دینس پٹھہ قائم روزنچ بیہ کرکھ اکھ اکس وصیت صبرچ یعنی رژن اعمالن پیٹھ پابندی کرنچ دینِ اسلام لوکن واتنادنس اندر محنتن تہ مشقتن پٹھہ صبر کرنچ۔ یعنی انسانس چھ نقصانہ نشہ بچنہ خیطرہ ژون کتھن ہنز ضرورت اکھ گژھہ خدا اور رسولِ خداءس پیٹھ ایمان انن۔ بیہ گژھہ تہندین ارشاداتن تہ ہدایاتن پیٹھ بیہ تہندین وعدن پیٹھ ادہ تم دنیاءس متعلق آسن یا آخرتس متعلق آسن یقین کرن۔ دوم گژھہ امہ یقینک اثر دل و دماغس تان تھاون بلکہ گژھہ امہ یقینک اثر اعضاو تہ تانوسیت تہ ظاہر کرن بلکہ گژھہ امسنز عملی زندگی آسن امسندہ دلکہ ایمانک آئینہ۔ تریوم امسند گژھنہ خاص پننہ ذاتہ کسی اصلاح و فلاحس پیٹھ قناعت کرن، بلکہ گژھہ قوم و ملتکِ اجتماعی مفاد پیش نظر تھاون۔ یلہ زہ مسلمان پانہ وان ملاقات کرن تھوند گژھہ پننہ

وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَتَوَاصَوْا بِالْحَقِّ ۙ وَتَوَاصَوْا بِالصَّبْرِ ۝۳

---

تہٕ قول و فعل سیت پزٕس دِنٕس تہٕ پرتھہ معاملس متعلق پزر تہٕ صداقت اختیار کرنک تاکید کرن ژورم گو پرت اکھسنز گژھہ بیس شخصس یہٕ نصیحت تہٕ وصیت کرن کہ پزہٕ کس معاملس تہٕ شخصی یا قومی اصلاح چہ وتہٕ اندر یم تکلیف تہٕ یمہٕ سختی تہٕ دشواری پیش ین۔ یا خلاف طبیعت پیہ بعضے چیزن پیٹھ تحمل کرن تمن پیٹھ گژھہ صبر واستقامہ سیت کوم ہین۔ کونہ صورتس اندر گژھنہ نیکین ہُن پاد پوت پھیرن تہٕ سُست سپدن۔ یم خوش قسمت لوک ژون صفتن ہند جامع آسن۔ پانہ کامل آستھہ بین لوکن کامل بناونچ کوشش کرن تھوند ناورزہ ہمیشہ وجودہ کس دفترس اندر موجود تھہند آثار روزن بطور باقیات الصالحات تھہندس اجر و ثوابس ہمیشہ ترقی دیوان۔ حقیقتس اندر چھو یہ مختصر تہٕ لوکٹ سورہٕ شریفہ مگر ساری دین و حکمتک خلاصہ تہٕ جوہر۔ حضرت امام شافعی رحمۃ اللہ علیہ آس فرماوان کہ ہرگہ سارِی قرآن مجیدہ اندرہ یہوی اکھ سورہ شریفہ پرنہ ییہ ہا۔ تہٕ عاقل دانا تہٕ سمجھ دار بندن ہندہ ہدایہ خیطرہ اوس یہوی اکھ سورہ شریفہ کافی۔ بزرگانِ دین سلف صالحین آس پانہ وان ملاقاتہٕ وزہ اکھ اکس یہ سُورہ شریفہ بوزناوان



# سُوْرَةُ الْهُمَزَةِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

وَيْلٌ لِّكُلِّ هُمَزَةٍ لُّمَزَةِۣ ۝١ الَّذِيْ جَمَعَ مَالًا وَّعَدَّدَهٗ ۝٢
يَحْسَبُ اَنَّ مَالَهٗۤ اَخْلَدَهٗ ۝٣ كَلَّا لَيُنْۢبَذَنَّ فِي الْحُطَمَةِ ۝٤ وَمَاۤ
اَدْرٰىكَ مَا الْحُطَمَةُ ۝٥ نَارُ اللّٰهِ الْمُوْقَدَةُ ۝٦ الَّتِيْ تَطَّلِعُ عَلَى
الْاَفْـِٕدَةِ ۝٧ اِنَّهَا عَلَيْهِمْ مُّؤْصَدَةٌ ۝٨ فِيْ عَمَدٍ مُّمَدَّدَةٍ ۝٩

---

وَيْلٌ لِّكُلِّ هُمَزَةٍ لُّمَزَةِۣ ویل تہ افسوس لس شخصہ سنہ خیطرہ ئس عیب پھران آسہ ئس غیبت کران تہ طعنہ دوان آسہ اِلَّذِيْ جَمَعَ مَالًا وَّعَدَّدَهٗ ئس غایت درجہ طامع تہ حریص آسہ تمی اسہ مال جمع کران سوی آسہ گرہ گرہ گنز رگنز ر تھاوان۔ تمسند یہ کرنہ اندر چھو معلوم سپدان کہ يَحْسَبُ اَنَّ مَالَهٗ اَخْلَدَهٗ سو چھو گمانہ کران تہ خیال تھاوان کہ یہ امسند مال پوشناوہ اسِ یعنی زندہ تھاویس ہمیشہ كَلَّا تہ بنہِ نہ ہرگز نہ روزہ یہ شخص نہ روزہ امسند یہ مال ودولت لَيُنْۢبَذَنَّ فِي الْحُطَمَةِ قسم خدا سوآیہ دارت دنہ ژھٹہ تراوہ ونس تہ کوچہ کوچہ کرہ ونس نارس اندر وَمَاۤ اَدْرٰىكَ مَا الْحُطَمَةُ توہہِ کوہ چیز زانراوہ سو کوچہ کوچہ کرہ ون نار کیاہ گو۔ بوزیواس کروہ بیان نَارُ اللّٰهِ الْمُوْقَدَةُ * الَّتِيْ تَطَّلِعُ عَلَى الْاَفْـِٕدَةِ سو چھو خدایہ سند سوی نار ئس تہندہ حکمہ زالنہ آمت چھو ئس نار بدنن سیت لگہ ونوی دلن پیٹھ اثر کرہ اِنَّهَا عَلَيْهِمْ مُّؤْصَدَةٌ * فِيْ عَمَدٍ مُّمَدَّدَةٍ پزپاٹھ سو نار آسہ تمن پیٹھ ٹھانڈ دنہ آمت۔ تمیک دروازہ آسن بند کرنہ آمت یمہ اندرہ نہ نیر تھے ہکنہ نہ زانہ تمے آسن گنڈ پھرت تہاونہ آمت نارہ کین زیٹھن تھمن سیت

# سُوْرَۃُ الْفِیْلِ

بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ ۝

اَلَمْ تَرَ كَیْفَ فَعَلَ رَبُّكَ بِاَصْحٰبِ الْفِیْلِ ۝۱ اَلَمْ یَجْعَلْ

---

اَلَمْ تَرَ كَیْفَ فَعَلَ رَبُّكَ بِاَصْحٰبِ الْفِیْلِ حبشکس پادشاہ سندہ طرفہ اوس یمنس اندر اکھ حاکم ٲس اوس
ابرہہ ناو سو اوس عیسائی، تمی اوس یمنس منز بمقام صنعاء اکھ کنیسہ یعنے عیسائین ہوند اکھ گرجا اکھ
بناومت۔ یتھ بے شمار ہارہ گاجرہ آسن یتھ متصل راحتک ارامک تہ دلکشی ہند سامانہ آسن مہیا کرمت
یُوتھ تمی سیت لوکن ہند دل تتھ کُن راغب سپدن تہ مکہ کس کعبس پر ژھنہ کانہ تہ تمس اوس خیال کہ یتھ
پاٹھ لوک چھہ خانہ کعبہ کہ زیارتہ خیطرہ گژھان یتھے پاٹھ گوژھ لوکن ہوندیمہ گرجہ خیطرہ تہ یُون۔ چنانچہ
یتہ طرفہ کرہ ناوُن امیوک اعلان عربہ کن لوکن خصوصاً قریشن گو یہ سیٹھاہ ناگوار۔ تو پتہ آو کوہ تان
شخص تم کور راتھ کیوت اَتھ گرجس منز ناپاکی۔ بیین روایتن منز چھو کہ اتھ متصل آو نار زالنہ
نارووت ہوا کہ ذریعہ اتھ گرجس تان تہ یہ گرجہ دود سوروی اتھ پیٹھ دود ابرہہ۔ تمس گنڈن نار۔
تمس کھوت سخت غصّہ، سو آو ہیڈ لشکر ہیت یتھ لشکرہ سیت ہست تہ آس شامل خانہ کعبہ مُنہدم کرنہ
خیطرہ یلہ سو بمقام مُخمّس ووت تتہ پتھ سوزن عبد المطلبس یُس تمہ وقتہ رییٔس مکہ اوس پیغام کہ بو چھس
نہ جنگ کرنہ آمت بلکہ چھس بو صرف کعبہ مُنہدم کرنہ خیطرہ پکان۔ ہرگہ کانہہ شخصاہ تتھ اندر مہ
مزاحمت کرہ البتہ ٲس سیت کرہ بو ضرور جنگ۔ عبد المطلبن سوزس جواب اتھ گرس تہ چھہ کانہہ مالکاہ
سو کرہ پانئے امہ گرچ حفاظت تو پتہ سوزن بیہ عبد المطلبس ملاقات کرنک پیغام زبان تہ سپدامی
قسمک گفتگو۔ تمس نشہ واپس یت نی عبد المطلبن ساری قریش تو پتہ کھت تم کوہن پٹھ پان پنُن بچاونہ
خیطرہ امہ لشکرہ ہندہ شرہ نشہ، تو پتہ آو ابرہہ فوج ہیتھ مکس کُن یلہ تم واتِ وادی محسرس منز یُس
میدان مزدلفس نزدیک چھو۔ سمندرہ کہ طرفہ آیے سبز تہ زرد جانور کینہہ، کوترن ہندہ خو تہ لوکٹ،
تمنے آسِ ہنجن تہ تونٹن منز مسور پھلن تہ چنہ پھلن برابر کنہ پھل تِمے ہنکھ تراون اتھ لشکرہ پیٹھ۔ خدایہ
سنزہ قدرتہ سیت اوس یہوی کنہ پھول لگانی یمن گولین ہند پاٹھ۔ یس لگان اوس سوی اوس تتھے گلان تہ

كَيْدَهُمْ فِي تَضْلِيلٍ ﴿٢﴾ وَّأَرْسَلَ عَلَيْهِمْ طَيْرًا أَبَابِيلَ ﴿٣﴾
تَرْمِيهِمْ بِحِجَارَةٍ مِّنْ سِجِّيلٍ ﴿٤﴾ فَجَعَلَهُمْ كَعَصْفٍ مَّأْكُولٍ ﴿٥﴾

---

هلاک سپد ان۔ بعضے لوک ڑِل تم تہ گئے بجیو بجیو بیماریو سیت ہلاک تہ تباہ۔ یہ واقعہ چھوسپد مُت نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم ہندہ تولد سپد نہ برونٹھ پنژہ دوہ یہ واقعہ سپدمُت ماہ محرمہ کس اخیرس اندر امہ پتہ چھو حضور صلی اللہ علیہ وسلم ربیع الاول کس اِبتداس اندر تولد سپد مُت بعضے راوی چھہ فرماوان تمی شبہ سپد تولد حضرت نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم۔ اللہ تعالیٰ چھو فرماوان أَلَمْ تَرَ كَيْفَ فَعَلَ رَبُّكَ بِأَصْحَابِ الْفِيلِ کیا توہ چھنا معلوم کہ تھوند پروردگارن کیاہ معاملہ کرہُستِ والین سیت توہیہ زانوہ کیو تھ قدرتہ وول چھو تھوند پروردگار أَلَمْ يَجْعَلْ كَيْدَهُمْ فِي تَضْلِيلٍ کیا تھوند تدبیر یُس کعبہ شریفُک لورہ نس تہ منہدم کرہ نس متعلق اوس سوٗ کرنا اللہ تعالیٰ ان بیکار تہ غلط وَّأَرْسَلَ عَلَيْهِمْ طَيْرًا أَبَابِيلَ سوزنِ تمن پیٹھ جانور فوجو فوجو تَرْمِيهِمْ بِحِجَارَةٍ مِّنْ سِجِّيلٍ تمے جانور آس تراوان تمن ہستِ والین پیٹھ کنہ پھل یم دراصل مژہ پھل آس کنہ پھل ہی فَجَعَلَهُمْ كَعَصْفٍ مَّأْكُولٍ پس کرِ تم اللہ تعالیٰ ان ژاپنہ آمت گاسہ ہی یعنی تباہ و برباد۔






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ۝

لِاِيْلٰفِ قُرَيْشٍ ۝۱ اٖلٰفِهِمْ رِحْلَةَ الشِّتَآءِ وَالصَّيْفِ ۝۲ فَلْيَعْبُدُوْا
رَبَّ هٰذَا الْبَيْتِ ۝۳ الَّذِيْٓ اَطْعَمَهُمْ مِّنْ جُوْعٍ ۙ وَّاٰمَنَهُمْ مِّنْ خَوْفٍ ۝۴

---

لِاِيْلٰفِ قُرَيْشٍ ای مخاطب تعجب کر قریشن ہندہ ملہ ژارک تہ باہمی اُلفتک اٖلٰفِهِمْ رِحْلَةَ الشِّتَآءِ وَالصَّيْفِ خصوصاً چھو تہوند باہمی الفت وندکس تہ رتہ کالہ کس سفرس اندر۔ وندس اندر چھہ تم سفر کران یمنس گن، رتہ کالس چھہ سفر کران شامس گن۔ یمن دون جاین چھہ یم قریش تجارت کران یمن دوشوین ملکن ہند لوک آس یمن سیٹھاہ تعظیم و تکریم کران کعبہ شریفک ہمسایہ تہ خادم آسنہ موکھ تمن یلہ یہ سوروی تعظیم و تکریم چھوامی کعبہ شریفہ کہ برکتہ فَلْيَعْبُدُوْا رَبَّ هٰذَا الْبَيْتِ پس کرن تم امہ عظیم الشان گرہ کس مالکہ سنز عبادت بُت پرستی نشہ روزِن دور الَّذِيْٓ اَطْعَمَهُمْ مِّنْ جُوْعٍ ۙ وَّاٰمَنَهُمْ مِّنْ خَوْفٍ یم مالکن یمن طعام عطا کور بوچھ وزہ، بیہ یم امن و امان دیوتک خوفہ نشہ مکس اندر اوس نہ غلہ پیدہ سپدان کینہہ تہ، تمہ موکھ آس اتک لوک قریش ورہس اندر تجارتہ خیطرہ دویہ پھرہ سفر کران۔ گرمی اندر شامس گن۔ سردی اندر یمنس گن۔ تمن ملکن ہند لوک آس یمن اہل حرم بیہ خادم بیت اللہ آسنہ موکھ سٹھاہ تعظیم کران۔ یہندہ جان و مالچ حفاظت کران وتہِ تہِ اوسنہ کونہ جایہ یہندس مالس کانہ اکھ تعرض کران۔ نفع تہ اوس یمن کافی حاصل سپدان۔ باقی وقتس آس یم قریش آرام و عیشہ سان زندگی بسر کران یتھ سورس منز چھوامی واقعک ذکر۔



## سُوْرَةُ الْمَاعُوْنِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

اَرَءَيْتَ الَّذِيْ يُكَذِّبُ بِالدِّيْنِ ۝۱ فَذٰلِكَ الَّذِيْ يَدُعُّ الْيَتِيْمَ ۝۲ وَ
لَا يَحُضُّ عَلٰى طَعَامِ الْمِسْكِيْنِ ۝۳ فَوَيْلٌ لِّلْمُصَلِّيْنَ ۝۴ الَّذِيْنَ هُمْ عَنْ

---

اَرَءَيْتَ الَّذِيْ يُكَذِّبُ بِالدِّيْنِ کیا توہہ وچھونہ سو شخص یُس جزاءکس دوہس اپزانان چھو۔ ہرگہ توہِ تمسند حال بوزن یژھان چھوہ تلہ بوزیو فَذٰلِكَ الَّذِيْ يَدُعُّ الْيَتِيْمَ سو گوی سوی شخص یُس یتیمس دکہ دیوان چھو وَلَا يَحُضُّ عَلٰى طَعَامِ الْمِسْكِيْنِ بیہ چھونہ مسکینس طعام دِنوک ترغیب بیٔس تہ کران یعنی نہ پانہ مسکینس کھیاوان نہ چھو بیٔس کھیاونک ترغیب دوان یلہ بندہ سند حق ضائع کرن یوت پچھ چھو تہ خدایہ سند حق ضایع کرن کوتاہ زیادہ پچھ گژھ آسن ادانہ کرنہ خیطرہ فَوَيْلٌ لِّلْمُصَلِّيْنَ * الَّذِيْنَ هُمْ عَنْ صَلَاتِهِمْ سَاهُوْنَ پس امہ اندر سپد ثابت کہ اِتھین نماز پرہوینین ہندہ خیطرہ چھو بوڈ افسوس تہ خرابی یم پنہ نہ نمازہ نشہ غافل سپدان چھہ، دنیوی کامین اندر مشغول سپدت چھُک نہ نماز پرن یادی روزان تم چھنہ زانان یہ پرن کیاہ قصہ چھو۔ امہ نمازہ اندرہ کیاہ مقصود چھو۔ یہ نماز چھ پنہ نس مالکس تہ آغس بروٚنٹھ کنہ پنن مطالبات پیش کرن۔ یہ نماز گژھ نہایت اہتمامہ سان تہ وقتہ چہ پابندی سان پرن۔ یم یم وقت مولاان مقرر کرمت چھہ تمن وقتن پیٹھ حاضر سپدت بکمال خشوع و خضوع یہ نماز ادا کرن چھو لازم مگر یم لوک یہوے نماز دنیاء کین کامین سیت مشغول سپدت زانت کرت وقت ضائع کرن آخرو قتس پیٹھ دگہ دارہ وتھا بیٹھی ہند پاٹھ ادا چھہ کران تہندی خیطرہ چھو بوڈ ویل تہ افسوس الَّذِيْنَ هُمْ يُرَآءُوْنَ یم لوک نمازہ ہنز کیاہ چھہ کتھے سارے عملہ لوکن ہاونہ خیطرہ کران چھ۔ وَيَمْنَعُوْنَ الْمَاعُوْنَ بیہ تمِ مالس اندر خدایہ سُند حق ادا چھنہ کران یعنے زکوٰۃ چھنہ دیوان چونکہ اتھ اندر چھونہ کونہ قسم اظہار تمہ موکھ چھہ یہ لوتہ پاٹھی کھیوان۔ بخلاف نماز چونکہ اتھ اندر چھو نمود و نمائش، تمہ موکھ چھہ کونہ وقتہ

صَلَاتِهِمْ سَاهُوْنَ ۝۵ الَّذِيْنَ هُمْ يُرَآءُوْنَ ۝۶ وَيَمْنَعُوْنَ الْمَاعُوْنَ ۝۷

---

پر ان کونہ وقتہ ترک کران بعضے مفسر و فرموو کہ ماعون گئے معمولی استعمالی چیز، تم تہ چھنہ اکھ اکس عارضی پاٹھ تہ پڑھِ پاٹھ دیوان۔ سو گوٗئو کہ ہیور زہش۔ دیگچہ ہیو۔ پتلہ ہیو مکرٗ ہش۔ یا سٗرن تہ پنہ داو ہش یمن ہندہ اورہ یور دنک دنیاء س اندر پڑھِ پاٹھ دِ نک عام رواج چھو۔ وین یمن لوک ہندہ نخلگ تہ خستک حال امہ قسمگ آسہ تہندہ حقہ کیا فائدہ چھو ریاکاری ہنزہ نمازہ ہیوند۔



## سُوْرَةُ الْكَوْثَرِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

اِنَّاۤ اَعْطَيْنٰكَ الْكَوْثَرَؕ ① فَصَلِّ لِرَبِّكَ وَانْحَرْؕ ② اِنَّ شَانِئَكَ هُوَ الْاَبْتَرُ ③

یمہ سورہ شریفُک شان نزول چھُو کہ حضرت آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم ہیوند زیوٗٹھ ہیو فرزند حضرت قاسم رضی اللہ عنہ یلِ یمہ عالہ گئے مکہ کیو کافرو خصوصاً عاص بن وائلن دوپ حضرت محمد ہ سُند نسل سُپد ووٗنِ منقطع۔ تم سپد (نعوذ باللہ) ابتر۔ یعنی بے نام و نشان مطلب اوس تمہ اندرہ کہ ووٗنِ چھوامہ یہندہ دینگ چرچہ کمسی کالس تان۔ اتی سپد نازل یہ سورہ شریفہ تمنے کافرن ہندہ تردیدہ خیطرہ اِنَّاۤ اَعْطَيْنٰكَ الْكَوْثَرَ تحقیق اسہ کر توہ عطا یا رسول اللہ خیرِ کثیر۔ یعنی سیٹھاہ خیر۔ دنیاء ک خیر تہ یعنے دینُک باقی روزُن اسلامک سیٹھاہ ترقی لبن بیہ آخرتک خیر یعنے قُربک تھد مرتبہ تہ تھد درجہ ہرگہ اکھ فرزند تھوندیمہ عالمہ گوبتھ پتھ تھوند دشمن خوش چھ سپد مت مگر توہ مہ سپدیو تمہ سیت غم گین تہ ناخوش، کیازہ اسہ کر توہ تمہ خوتہ بہتر فضل تہ نعمت عطا یتھ نہ نہایتھے چھ کونہ بیہ کر اسہ عطا توہِ حوضِ کوثر آخرتس اندر اکھ تلاواہ یتھ متعلق حدیث شریف چھو متفق علیہ فرموو حضرت رسولِ کریمن صلی اللہ علیہ وسلم حَوضِی مَسِیرَةُ شَهرٍ میون حوض چھوا کہ رتہ کس مسافتس برابر زواپاہ سواء تمکی اندتہ کنارہ چھہ برابر پرت طرفہ مَاؤہ أَبیَضُ مِنَ اللَّبَنِ وَرِيحُهُ أَطيَبُ مِنَ المِسكِ وَكِيزَانُهُ كَنُجُومِ السَّمَاءِ آب تمیک چھو دودھ خوتہ زیادہ سفید۔ نافہ خوتہ یڑ خوشبو۔ تمیک لوٹہ چھہ تیتِ ایت آسمانک ستارہ مَن يَشرَبُ مِنهَا فَلَا يَظمَأُ أَبَداً لیس اکھاہ تموک آب چیہ تس لگہ نہ زانہ تہ تریش فَصَلِّ لِرَبِّكَ وَانْحَرْ پس یمن نعمتن ہندس شکرس اندر پر یو توہہ نماز محض پنہ نس پروردگارہ سندہ خیطرہ۔ کیازہ بچن نعمتن ہندس شکرس اندر گڑھہ بڈ عبادت ادا کرن سو بڈ عبادت گیہ نماز۔ تکمیل شکرہ خیطرہ گڑھہ اتھ بدنی عبادتس یعنی نمازہ سیت مالی عبادت تہ کرن سو گو قربان کرن اِنَّ شَانِئَكَ هُوَ الْاَبْتَرُ بزپاٹھ تھوند دشمن چھو ابتر، لٹ ژوٹ یعنے بے نام و نشان کیازہ تم چھو معبود برحقس ورای بین چیزن ہنز عبادت تہ پرستش کران۔ بیہ چھ تس ورای بین مخلوقن ہنڈن ناون پتھ تہند قرب تہ نزدیکی حاصل کرنہ خیطرہ ذبح تہ قربان وغیرہ کران۔




بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○
قُلْ يٰٓاَيُّهَا الْكٰفِرُوْنَ ﴿١﴾ لَآ اَعْبُدُ مَا تَعْبُدُوْنَ ﴿٢﴾
وَلَآ اَنْتُمْ عٰبِدُوْنَ مَآ اَعْبُدُ ﴿٣﴾ وَلَآ اَنَا عَابِدٌ مَّا عَبَدْتُّمْ ﴿٤﴾ وَ
لَآ اَنْتُمْ عٰبِدُوْنَ مَآ اَعْبُدُ ﴿٥﴾ لَكُمْ دِيْنُكُمْ وَلِيَ دِيْنِ ﴿٦﴾

---

سبب نزول ڇهو يمه سوره شريف که اکه ڏوهه آئي ڪهنه اشخاص ڪافرن هنڌ زڻهه زڻهه نبي ڪريمس نشه تموے ڪور عرض ڇهنا صلاح توهه ڪريو سائين معبودن هنز عبادت اُس ته ڪرو تهندس معبوده سنز عبادت اُسِ ته توهه ڪرو مشترڪه دين قائم۔ اتهه منز ئيس روت ته جان طريقه آسه تمهوڪ فائده وانه توهه تهِ اسِ ته۔ اتهه موقعس پڻهه سپد يه سوره شريفه نازل قُلْ يٰٓاَيُّهَا الْكٰفِرُوْنَ * لَآ اَعْبُدُ مَا تَعْبُدُوْنَ فرمايو کهه توهِ يارسول الله اي ڪافرو ميون ته تهوند طريقه هيکنه گنوي سپدت بو ڇهسنه عبادت ڪران تهوندن معبودن هنز۔ ون ڪنس ته وَلَآ اَنْتُمْ عٰبِدُوْنَ مَآ اَعْبُدُ نه ڇهوه توه عبادت ڪران مينس معبوده سنز وَلَآ اَنَا عَابِدٌ مَّا عَبَدْتُّمْ * وَلَآ اَنْتُمْ عٰبِدُوْنَ مَآ اَعْبُدُ نه هيڪه يه آئنده زانه بنت ڪه بو ڪيا ڪره عبادت تهندين معبودن هنز نه بنه ته ڪه توه ڪيا ڪريو عبادت مينس معبوده سنز۔ يعني بو هيڪه نه موحد آستهه خدائيس شرڪ انتهه زانهه۔ نه هيڪيو توه مشرڪ آستهه موحد بنت زانهه لَكُمْ دِيْنُكُمْ وَلِيَ دِيْنِ توه ته پنون دين مته پنون دين۔ توه ته پنون بدله ته عوض مته پنون بدله ته عوض۔



## سُورَةُ النَّصرِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

إِذَا جَآءَ نَصْرُ اللّٰهِ وَالْفَتْحُ ۙ ① وَرَأَيْتَ النَّاسَ يَدْخُلُوْنَ فِيْ دِيْنِ
اللّٰهِ أَفْوَاجًا ۙ ② فَسَبِّحْ بِحَمْدِ رَبِّكَ وَاسْتَغْفِرْهُ ؕ إِنَّهٗ كَانَ تَوَّابًا ③ ع

---

إِذَا جَآءَ نَصْرُ اللّٰهِ وَالْفَتْحُ يله خدايه سند مدد ته فتح مكه پنهنجو آثارو ته نتاجو سان توه ووت نه حاصل سُپد۔ تمیک آثاریم تتھ پٹھ مُرتب سپد ہون چھ تم گے کہ وَرَأَيْتَ النَّاسَ يَدْخُلُوْنَ فِيْ دِيْنِ اللّٰهِ أَفْوَاجًا بيه يله وچھيوک توه خدايه سندس دينس يعنے اسلامس اندر لوک داخل سپدان فوجو فوجو تمه ساته زانيو توه که دنیاءس منز روزنک مقصود سُپد حاصل۔ بيه ٹیس تهندہ پیغمبر بناونه اندره تکمیل دین مقصود اوس ته سپد مکمل وونِ چھو سفر آخرت قریب لہذا کریو توہ تیج تیاری فَسَبِّحْ بِحَمْدِ رَبِّكَ وَاسْتَغْفِرْهُ پس آسیون توه پنون پروردگار منزہ تہ پاک زانان بیه آسیو تس حمد دِیان۔ بیه آسیو تس مغفرت منگان پنهنه خیطره بیه پنین امتین ہندہ خیطره إِنَّهٗ كَانَ تَوَّابًا بے شک سو چھو سیٹھاہ توبہ قبول کرہ ون۔






بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ ○

تَبَّتۡ یَدَاۤ اَبِیۡ لَہَبٍ وَّ تَبَّ ؕ﴿۱﴾ مَاۤ اَغۡنٰی عَنۡہُ مَالُہٗ وَ مَا
کَسَبَ ؕ﴿۲﴾ سَیَصۡلٰی نَارًا ذَاتَ لَہَبٍ ۚ﴿۳﴾ وَّ امۡرَاَتُہٗ ؕ حَمَّالَۃَ

---

یمہ سورہ شریفک شان نزول چھو کہ یلہ نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم پٹھ یہ آیہ کریمہ نازل سپد وَاَنۡذِرۡ عَشِیۡرَتَکَ الۡاَقۡرَبِیۡنَ تم کھت کوہ صفااس پٹھ توہ پتہ دِتُگ سارنی قبیلن آلو ساری یلہ جمع سپد تمن دتُگ اسلامس کُن دعوت ابو لہب یُس تہوند پترِاوس مگر بدترین دُشمن تہ اوس سو لگ ونہ نہ تبالك لسائر الیوم الھذا جمعتنا یعنے برباد گژھ ژہ کیاامی خیطرہ سونبراو تھاہ ژیہ اَسِ اتی سپد یہ سورہ شریفہ نازل امہ ووہُوک جواب دِتُس پانہ اللہ تعالیٰ ان۔ امس ابولہبس آس زنانہ ام جمیل تس تہ اوس سخت حسد تہ عداوت حضرت رسول کریمہ سند چنانچہ سُہ آس کنڈ کل جنگلہ منز ژٹت انان تمے آس تمن وتن وہراوان یمو وَتو نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم پکن اُوس آسان تمنی کنڈ مورن ہوند بور آس سُو کمبرس پٹھ تُلت انان تمے آو تس ونہ حمالۃ الحطب دوشوین متعلق چھو اللہ تعالیٰ فرماوان تَبَّتۡ یَدَاۤ اَبِیۡ لَہَبٍ وَّتَبَّ ابولہبس پین پانس دوشوے اتھ وَتھ پانہ گژھن سو برباد تہ تباہ۔ چنانچہ یہ بددُعا پیو تس پانس، جنگ بدرہ پتہ ستہ دوہِ دراو تس طاعونی پھپھرہ توپتہ دراو گرہ منز نبر۔ یو تھنہ بیہ کانسہ گرس منز امیوک اثر ترہ تتھ حالس منز مود۔ ترن دوھن تان آسنہ نکھتل کانہہ، تریہ دوہِ انکھ حبشی مزدور تموی دتس ہمہ ٹلیو سیت ذکہ ذکہ، توپتہ تراوکھ اکس کھوڈس اندر، پٹھ تراوہس کنہ سیکھ مَاۤ اَغۡنٰی عَنۡہُ مَالُہٗ وَمَا کَسَبَ کانہہ فائدہ دیوت نہ تس مالن تہند تہ تم مالن یُس سنز مُت اوسن تہ تم مالن یُس کمومُت اوسن کونہ قسمکِ مالن ہیوک نہ سو بچاوت ہلاکتہ نشہ یہ گو امسند حال دنیاءس اندر آخرتس اندر آسہ امسند حال کہ سَیَصۡلٰی نَارًا ذَاتَ لَہَبٍ * وَّامۡرَاَتُہٗ حَمَّالَۃَ الۡحَطَبِ سو واتہ عنقریب اکس ریہہ تراوہ ونس

الْحَطَبِ ④ فِيْ جِيْدِهَا حَبْلٌ مِّنْ مَّسَدٍ ⑤

نارس اندر اکھ پانہ بیہ تہنز آشن، یوسہ کنڈدار زیون تہ مورہ کمبرس پیٹھ تلت انان آس فِيْ جِيْدِهَا حَبْلٌ مِّنْ مَّسَدٍ تمسندہ گردنِ منز چھ خصر دلن ہنز وٹھرٕ رز۔ امس امسند زنانہ آس قیمتی اکھ مختہ مالہ اکھ ہٕتس تل، دپان آس سو یہے مختہ مال کرن بو خرچ محمدؐہ سندس مخالفس اندر جہنمس اندر تہِ آسہِ لتس نارورزہٕتس گنڈت۔





بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

قُلْ هُوَ اللّٰهُ اَحَدٌ ۚ ﴿۱﴾ اَللّٰهُ الصَّمَدُ ۚ ﴿۲﴾ لَمْ يَلِدْ ۙ وَلَمْ

---

اکہ پھرہ پرژہ مُشر کو نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمن کہ خدایہ سند نسب کیاہ چھو۔ تسند صفت کم چھہ تتھ پتھ سُپد یہ سورہ شریفہ نازل قُلْ هُوَ اللّٰهُ اَحَدٌ توہ فرماویو یارسول اللہ یمن لوکن کہ اللہ تعالیٰ چھو کُنوی ذاتہِ کِن تہ صفتو کِن۔ نہ چھس ذاتس منز کانہہ شریک نہ صفتن منز تہندہ ذاتک کمال چھو کہ سو چھو واجب الوجود۔ تہند صفت چھو کہ سو چھو علیم تہ قدیر تہ محیط تہ اَللّٰهُ الصَّمَدُ اللہ تعالیٰ چھو تیو تھ بے نیاز کہ سو چھونہ کانسہ ہُنْ محتاج یم تس ورای چھہ تم چھہ تس ہُنْ محتاج پرت چیزس اندر لَمْ يَلِدْ وَلَمْ يُوْلَدْ نہ زاس کانہہ نہ زاو کانسہ وَلَمْ يَكُنْ لَّهٗ كُفُوًا اَحَدٌ بیہ چھنہ تس ہیو کانہہ اکھاہ توحیدہ کین مُنکرن چھہ واریاہ قسم۔ بعضے گے تم یم خدایہ سندس وجودس مُنکر چھ۔ بعضے گئے یم تسندس واجب الوجود آسہ نس منکر چھہ۔ بعضے گے تم یم تہندن کمالہ کین صفتن مُنکر چھہ۔ بعضے گے یم تس عبادتس اندر شریک ٹھہراوان چھہ اتھ فرموو اللہ تعالیٰ ان اللّٰهُ اَحَدٌ سیت رد بعضے گے تم یم مشرک فی استعانہ چھو یعنے یم تس ورای چھہ بین نشہ یاری تہ مدد ژھاڈان بیہ تمنی پنن حاجت منگان۔ تمن چھو رد اَللّٰهُ الصَّمَدُ سیت یعنی حاجت گژھ تس نشہ ژھاڈن یُس نہ پان کانسہ ہُنْ محتاج آسہ سو چھونہ کانہہ تہِ تس ذات پاکس ورای تس ورای یم چھ تم ساری چھہ تس ہُنْ محتاج ساری چھہ تس برونٹھ کنہ پنَنِین پستی تہ عاجزی نراوان۔ چنانچہ اللہ تعالیٰ تہ چھو فرماوان يٰٓاَيُّهَا النَّاسُ اَنْتُمُ الْفُقَرَآءُ اِلَى اللّٰهِ ۚ وَاللّٰهُ هُوَ الْغَنِيُّ الْحَمِيْدُ یعنی ای لوکو توہ ساری چھوہ محتاج اللہ تعالیٰ اس ہُنْ پرت وقتہ تہ پرت حالس اندر۔ اللہ تعالیٰ ای چھو بے نیاز حاجت آسنہ نشہ منزہ تہ پاک۔ حمد دِپنہ آمت تعریف کرنہ آمت۔ حضرت سید المرسلین صلی اللہ علیہ وسلم آس دعاء کران اللهم إني ضعيف فقوني وإني مريض فاشفني وإني ذليل فاعزني وإني فقير فارزقني یعنی یا اللہ بو چھس کمزور تہ ناتوان ژہ کرم قوت تہ طاقت عطا بو چھس بیمار ژہ کرم شفا عطا۔ بو چھس ذلیل ژہ کرم عزت عطا۔ بو چھس محتاج ژہ کرم حاجت روا۔

يُوْلَدْ ﴿۳﴾ وَلَمْ يَكُنْ لَّهٗ كُفُوًا اَحَدٌ ﴿۴﴾

بو چھس نادار تہ فقیر ژہ کرم رزق عطا بیاکھ جماعت یم تس کورہ تہ نچولاگان چھہ تمن پھُورد لَمْ يَلِدْ
کانہہ نہ زاس سیت یم لوک بعضے بشرن تہ جنن پنن معبود چھہ زانان تمن آورد کرنہ وَلَمْ يُوْلَدْ تہ نہ زاوٗ
کاٗنسہ سیت کیازہ تم ساری چھہ مولود یعنے زامت۔ بیاکھ گومعبود بر حق سو چھونہ کانسہ تہ زامت بعضے
لوکن ہند اعتقاد چھو کہ تس برابر چھو بیہ تہ کانہہ چنانچہ مجُوسن ہیوند اعتقاد چھو خدا چھہ زہ اکھ گو یزدان
بیاکھ گواہر من اکس اتھ چھو خیر تہ بیس اتھ چھو شر یم دوشوے چھہ اکھ اکس دیٚی تہ ہمسر۔ اتھ کوٚر
اللہ تعالیٰ ان رد وَلَمْ يَكُنْ لَّهٗ كُفُوًا اَحَدٌ سیت یعنی تس ہیو چھنہ کانہ تہ نہ چھو سو کانسہ ہیو۔ غرض چھُو
کہ نہ زاو تس کانہ نہ زاو سو کانسہ۔ نہ چھو کانہہ تس ہیو نہ چھو سو کانسہ ہیو۔



# سُوْرَةُ الْفَلَقِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

قُلْ اَعُوْذُ بِرَبِّ الْفَلَقِ ① مِنْ شَرِّ مَا خَلَقَ ② وَمِنْ شَرِّ غَاسِقٍ اِذَا
وَقَبَ ③ وَمِنْ شَرِّ النَّفّٰثٰتِ فِی الْعُقَدِ ④ وَمِنْ شَرِّ حَاسِدٍ اِذَا حَسَدَ ⑤

یہ سورہ بیہ سورہ الناس یمن دوشوین سورہ شریفن ہیوند شان نزول چھو کہ لبید بن اعصم اوس اکھ ساحراہ مدینہ شریفس منزلس آسہ کورہ تہ سحر کرہ ونہ تمی لبید بن اعصمن تہ تہنز و کوریو گر سحر تہ جود نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم یمہ کہ اثرہ سیت تمن سخت تکلیف اوس۔ امہ اندرہ اوس اللہ تعالیٰ اس نز اون کہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم ہرگز ساحر چھنہ ہرگہ تم ساحر آسہن یتھ پاٹھ دشمن تمن ونان آس۔ تلہ کرہ ہنہ کانسہ ہوند سحر تمن پٹھ اثر۔ کیازہ یہ کتھ آس تمن سارنی نش مسلم کہ ساحرس پیٹھ چھنہ بیٹس ساحرہ سُند سحر اثر کران۔ تو تہ ٔمر دعا نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم، یہ سحرک اثر دور گژھنہ خیطرہ منگوکھ دعاء اللہ تعالیٰ ان ٔمر نازل یم زہ سورہ شریفہ۔ بیہ کرنک اطلاع کہ فلین شخصن چھو فلین جایہ فلین چیزس اندر توہ پٹھ سحر کرمُت۔ چنانچہ تمو سوز حضرت علی مرتضیٰ رضی اللہ تعالیٰ عنہ تتھ جایہ تتہِ اَنکھ اکہ کیرہ منزہ کڈت اکھ کنگواہ تتھ آس مُوی آمت بند کرنہ سُوی یلہ ووت در خدمت حضرت نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم تمو ہیٔت یمن دون سورہ شریفن ہند آیات کریمہ پرن اکھ اکھ گنڈ اوس مژرنہ یوان۔ چنانچہ امہ پتہ سپد نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم تمہ تکلیفہ نشہ بالکل آزاد۔ قُلْ اَعُوْذُ بِرَبِّ الْفَلَقِ * مِنْ شَرِّ مَا خَلَقَ توہِ آسیو یا رسول اللہ پانہ تہ پننہ خیطرہ پران بے تہ آسیو کھ یچھناوان یہ پرنُ پناہ چھوس بومنگان صبح کس ربس یعنی یُس راژ ٔہنزہ گٹہ پرٲتھ گاش چھو پھولہ راوان سارنے مخلوقاتن ہندہ شرہ نشہ۔ وَمِنْ شَرِّ غَاسِقٍ اِذَا وَقَبَ بیہ چھوس خصوصاً پناہ منگان راژ ہنزہ تاریکی نشہ یلہ سُہ وہراونہ یِیہ راژ اندر چھو شرن ہوند احتمال ظاہرے وَمِنْ شَرِّ النَّفّٰثٰتِ فِی الْعُقَدِ بیہ چھوس خصوصاً پناہ منگان تمن زنانن نشہ یمہ پنہ گنڈن پٹھ پُھوکھ دوان چھہ یعنے سحر کرہ ونین زنانن نشہ۔ مراد چھہ تمو اندرہ لبید بن اعصمہ سنزہ کورہ۔ یا عام ساحر زنانہ وَمِنْ شَرِّ حَاسِدٍ اِذَا حَسَدَ بیہ پرت حسد کرہ ونسِ نشہِ یلہ سو حسد کرِہ۔

## سُوْرَةُ النَّاسِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ ○

قُلْ اَعُوْذُ بِرَبِّ النَّاسِ ۙ﴿۱﴾ مَلِكِ النَّاسِ ۙ﴿۲﴾ اِلٰهِ النَّاسِ ۙ﴿۳﴾
مِنْ شَرِّ الْوَسْوَاسِ ۙ۬ الْخَنَّاسِ ۙ﴿۴﴾ الَّذِیْ یُوَسْوِسُ فِیْ
صُدُوْرِ النَّاسِ ۙ﴿۵﴾ مِنَ الْجِنَّةِ وَ النَّاسِ ﴿۶﴾ ع

قُلْ اَعُوْذُ بِرَبِّ النَّاسِ تو آسیویار سول اللہ پانہ تہ پران بیہ آسیو کھ لوکھ تہِ بچھناوان پرن یو پچھس پناہ منگان لوکن ہندِ س خدایس مَلِكِ النَّاسِ لوکن ہندس پادشہس اِلٰهِ النَّاسِ لوکن ہندس معبود برحقس مِنْ شَرِّ الْوَسْوَاسِ وسوسہ تراوہ ونس شیطانہ سندہ شرہ نشہ الْخَنَّاسِ یُس یاد خدا کرن وزہ پتھ چھو ژلان الَّذِیْ یُوَسْوِسُ فِیْ صُدُوْرِ النَّاسِ یُس شیطان اکثر لوکن ہندن دلن اندر چھو وسوسہ تراوان مِنَ الْجِنَّةِ وَالنَّاسِ ادہ سو وسوسہ تراون وول جن آستن یا انسان قرآن مجیدک ابتداء چھو حرف باء سیت انتہاء چھو حرف سینہ سیت یعنی بسم اللہ ہُک بے والناسُک سین اتھ چھو بنان لفظ بس۔ بس چھو عربی لفظ لغتہ چن کتابن اندر امیوک معنے فحسب یعنی یُتوی۔ امہ اندرہ چھو اِشارہ کہ یہ کنیزھا یمن دون حرفن منز پچھو تہ چھو کافی لوکن ہندہ خیطرہ بیاکھ اکھ لطیفہ چھو یتھ سُورس منز تمہ اندرہ ظاہر پچھو سپدان قرآن مجیدک حسن آغاز وانجام سو گوٚی زہ امہ سورہ شریفُک مضامین تہ سورہ فاتحک مضامین چھہ پنہ وان متقارب یعنی اکھ اکس سیت رلان چُنانچہ رب الناس مُناسب پچھو رب العالمین ملك الناسس مُناسب پچھو ملك یوم الدین الہ الناسس سیت پچھو مُناسب ایاك نعبد اعوذس پچھو مُناسبت ایاك نستعینس سیت الوسواس الخناس چھ مُناسبت اھدنا اس سیت صدق اللہ مولنا العظیم وصدق رسولہ النبی الکریم ونحن علےٰ ذٰلك من الشاھدین والشاکرین والحمد للہ رب العٰلمین

# رموز اوقاف قرآن مجید

ہر زبان کے اہل زباں جب گفتگو کرتے ہیں تو کہیں ٹھہر جاتے ہیں' کہیں نہیں ٹھہرتے۔ کہیں کم ٹھہرتے ہیں' کہیں زیادہ اور اس ٹھہرنے اور نہ ٹھہرنے کو بات کے صحیح بیان کرنے اور اس کا صحیح مطلب سمجھنے میں بہت دخل ہے۔ قرآن مجید کی عبارت بھی گفتگو کے انداز میں واقع ہوئی ہے۔ اسی لئے اہل علم نے اس کے ٹھہرنے نہ ٹھہرنے کی علامتیں مقرر کردی ہیں' جن کو رموز اوقاف قرآن مجید کہتے ہیں۔ ضروری ہے کہ قرآن مجید کی تلاوت کرنے والے ان رموز کو ملحوظ رکھیں اور وہ یہ ہیں :

○ جہاں بات پوری ہو جاتی ہے' وہاں چھوٹا سا دائرہ لگا دیتے ہیں۔ یہ حقیقت میں گول (ت) جو بصورت (ۃ) لکھی جاتی ہے۔ اور یہ وقف تام کی علامت ہے یعنی اس پر ٹھہرنا چاہیئے' اب (ۃ) تو نہیں لکھی جاتی ۔ چھوٹا سا دائرہ ڈال دیا جاتا ہے۔ اس کو آیت کہتے ہیں۔ دائرہ پر اگر کوئی اور علامت نہ ہو تو رک جائیں ورنہ علامت کے مطابق عمل کریں۔

ۃ یہ اس بات کی علامت ہے کہ اس موقع پر غیر کوفیین کے نزدیک آیت ہے۔ وقف کریں تو اعادہ کی ضرورت نہیں۔ اس کا حکم بھی وہی ہے جو دائرہ کا ہے۔

مـ یہ علامت وقف لازم کی ہے۔ اس پر ضرور ٹھہرنا چاہیئے۔ اگر نہ ٹھہرا جائے تو احتمال ہے کہ مطلب کچھ کا کچھ ہو جائے۔ اس کی مثال اردو میں یوں سمجھنی چاہیئے کہ مثلاً کسی کو یہ کہنا ہو کہ "اٹھو۔ مت بیٹھو" جس میں اٹھنے کا امر اور بیٹھنے کی نہی ہے۔ تو اٹھو پر ٹھہرنا لازم ہے' اگر ٹھہرا نہ جائے تو "اٹھو مت۔ بیٹھو" ہو جائے گا۔ جس میں اٹھنے کی نہی اور بیٹھنے کے امر کا احتمال ہے۔ اور یہ قائل کے مطلب کے خلاف ہو جائے گا۔

ط وقف مطلق کی علامت ہے۔ اس پر ٹھہرنا چاہیئے۔ یہ علامت وہاں ہوتی ہے جہاں مطلب تمام نہیں ہوتا اور بات کہنے والا ابھی کچھ اور کہنا چاہتا ہے۔

ج وقف جائز کی علامت ہے۔ یہاں ٹھہرنا بہتر اور نہ ٹھہرنا جائز ہے۔

ز علامت وقف مجوز کی ہے۔ یہاں نہ ٹھہرنا بہتر ہے۔

ص علامت وقف مرخص کی ہے۔ یہاں ملا کر پڑھنا چاہیئے لیکن اگر کوئی تھک کر ٹھہر جائے تو رخصت ہے۔ معلوم رہے کہ (ص) پر ملا کر پڑھنا (ز) کی نسبت زیادہ ترجیح رکھتا ہے۔

صلے الوصل اولیٰ کا اختصار ہے۔ یہاں ملا کر پڑھنا بہتر ہے۔

ق قیل علیہ الوقف کا خلاصہ ہے۔ یہاں ٹھہرنا نہیں چاہیئے۔

صل قَدْ یُوصَلُ کا مخفف ہے۔ یہاں ٹھہرا بھی جاتا ہے اور کبھی نہیں۔ بوقت ضرورت وقف کر سکتے ہیں۔

قف یہ لفظ قِف ہے۔ جس کے معنی ہیں ٹھہر جاؤ۔ اور یہ علامت وہاں استعمال کی جاتی ہے' جہاں پڑھنے والے کے ملا کر پڑھنے کا احتمال ہو۔

سکتۃ سکتہ کی علامت ہے۔ یہاں کسی قدر ٹھہر جانا چاہیئے مگر سانس نہ ٹوٹنے پائے۔

وقفۃ لمبے سکتہ کی علامت ہے۔ یہاں سکتہ کی نسبت زیادہ ٹھہرنا چاہیئے لیکن سانس نہ توڑیں۔ سکتہ اور وقفہ میں یہ فرق ہے کہ سکتہ میں کم ٹھہرنا ہوتا ہے' وقفہ میں زیادہ۔

لا لا کے معنی نہیں کے ہیں۔ یہ علامت کہیں آیت کے اوپر استعمال کی جاتی ہے اور کہیں عبارت کے اندر۔ عبارت کے اندر ہو تو ہرگز نہیں ٹھہرنا چاہیئے۔ آیت کے اوپر ہو تو اختلاف ہے۔ بعض کے نزدیک ٹھہر جانا چاہیئے بعض کے نزدیک نہیں ٹھہرنا چاہیئے لیکن ٹھہرا جائے یا نہ ٹھہرا جائے اس سے مطلب میں خلل واقع نہیں ہوتا۔

ك کذلک کا مخفف ہے' اس سے مراد ہے کہ جو رمز اس سے پہلی آیت میں آچکی ہے' اُس کا حکم اِس پر بھی ہے۔

∴ ∴ یہ تین نقاط والے دو وقف قریب قریب آتے ہیں۔ ان کو معانقہ کہتے ہیں۔ کبھی اس کو مختصر کر کے (مع) لکھ دیتے ہیں۔ اس کا مطلب یہ ہے کہ دونوں وقف گویا معانقہ کر رہے ہیں۔ ان کا حکم یہ ہے کہ ان میں سے ایک پر ٹھہرنا چاہیئے دوسرے پر نہیں۔ ہاں وقف کرنے میں رموز کی قوت اور ضعف کو ملحوظ رکھنا چاہیئے۔

# قرآن مجیدکن سورن ہندفہرست

إنّ وزارة الشؤون الإسلامية والأوقاف والدعوة والإرشاد

في المملكة العربية السعودية

المشرفة على مجمع الملك فهد

لطباعة المصحف الشريف في المدينة المنورة

إذ يسرّها أن يصدر المجمع هذه الطبعة من القرآن الكريم

وترجمة معانيه إلى اللغة الكشميرية

نسأل الله أن ينفع به عموم المسلمين

وأن يجزي

خادم الحرمين الشريفين الملك فهد بن عبد العزيز آل سعود

أحسن الجزاء على جهوده العظيمة في نشر كتاب الله الكريم

والله ولي التوفيق

مملکت سعودی عربچ وزارت برائے مذہبی امور، اوقاف، دعوت تہ ارشاد، یُس مدینہ منورس منز قرآن کریم چھاپن والس شاہ فہد سندس مجمعس نگرانی چھ کران، تتھ چھ قرآن کریمکس یتھ ایڈیشنس تہ امکس کاشرِ تفسیرکس اجراءس پیٹھ خوشی سپدان۔

بیہ چھ سہ اللہ تعالیٰ اس دعاء کران کہ امہ سیت واتن عام مسلمانن فائدہ تہ نفع۔ بیہ دین خادم الحرمین الشریفین شاہ فہد بن عبد العزیز آل سعودن قرآن کریمکس نشر و اشاعتس پیٹھ تہنزن عظیم کوشش ہندرت جزاء اللہ تعالیٰ چھ رت توفیق دِنہ وول۔










ص.ب ٦٢٦٢ - المدينة المنورة



الله تعاليٰ سنده مدد ۽
۽ توفيق سيت سيد مکمل يہ قران کريمک
۽ انکہ تفسيرک چھاپ شاه فهد سنڌس مجمع
براۓ طباعتِ قرآن کريم مدينه منورس منز زير
نگرانی وزارت براۓ مذہبی امور، اوقاف،
دعوت ۽ ارشاد مملکت سعودی عرب
سنہ ۱۴۱۸ھ منز




ص ب ٦٢٦٢ - مدينه منوره

ح مجمع الملك فهد لطباعة المصحف الشريف ، ١٤١٨هـ

*فهرسة مكتبة الملك فهد الوطنية أثناء النشر*

القرآن الكريم وترجمة معانيه باللغة الكشميرية/ ترجمة مجمع الملك فهد لطباعة المصحف الشريف- المدينة المنورة.

١٦٩٦ص؛١٤×٢١سم

ردمك : ٩-٨٦-٧٧٠-٩٩٦٠

١-القرآن- ترجمة -اللغة الكشميرية أ- مجمع الملك فهد لطباعة المصحف الشريف (مترجم)

ديوي ٢٢١،٤٩ ١٨/٠٤٣٧

رقم الإيداع : ١٨/٠٤٣٧

ردمك :٩-٨٦-٧٧٠-٩٩٦٠

# قرآن مجید

تہ

## تمیک کاشُر تفسیر

